# فوک ٹیلز آف کشمیر

جے ہنٹن نولز

کاشُر ترجمہ
پروفیسر بشر بشیر

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

| | | |
|---|---|---|
| کتابہٕ ہُندناو | : | فوک ٹیلز آف کشمیر |
| مصنف | : | جے، ہنٹن، نولز |
| کأشُر ترجمہٕ | : | پروفیسر بشر بشیر |
| ادارت | : | جاوید اقبال (ایڈیٹر) |
| | | ڈاکٹر گلزار احمد راتھر (اسسٹنٹ ایڈیٹر) |
| پبلی کیشن آفیسر | : | ڈاکٹر شازیہ بشیر |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | محمد اسماعیل |
| چھپن وری | : | ۲۰۲۰ء |
| مول | : | ۲۵۰/روپیہ |

# فہرست

# عرضِ ناشر

کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کُنہِ تہِ سنجیدٕ تحقیقی کامہِ یا اتھ پٮ۪ٹھ مٔنی کُنہِ سۄ مبرنہِ ہُنٛد سرنامہٕ لیکھنہٕ وِزِیُس گوڈنِکے جملہٕ کأنٛسہِ تہِ لِکھأرِس پانس کُن کل کڈِ سہٕ چھُ جے ہنٹن نولزنہِ فوک ٹیلز آف کشمیر کہِ (FolkTalesofKashmir) پیش لفظُک ڈٕسلابہٕ جملہٕ یُس کُنہِ ترجمہِ تہٕ تبدیلیہِ ورأے یتھ جایہِ درج کرُن مُنأسب چھُ:

**KASHMIR as a field of Folk lore literature is, perhaps, not surpassedinfertilitybyanyothercountryintheworld.**

کأشرِن لُکہٕ کتھن ہنٛز گوڈنِچ سۄمبرن تیار کرنُک فخر چھُ أمی ہیٚے یورپی مأہرِ مشرقیاتس۔ ژُہأٹھن کأشرِن ڈٕلیلن ہُنٛد انگریزی ترجمہِ کٔرِتھ لیۆکھ تٔمی ۲۸/اپریل ۱۸۸۷ء امیُک پیش لفظ تہٕ ۱۸۹۳ء منٛز سپٕز کِگن پال، ٹرٛنچ، ٹرٛوبنر کمپنی (Kegan Paul,Trench,Trubner&CoLtd) طرفہٕ لندنہٕ پٮ۪ٹھ چھاپ تہٕ شایع۔ نولز اوس عیسأے مذہبی مُبلغ تہٕ مِشنری بیٚیہِ ذأتی آوریرأستھ تہِ سپُد کأشُر لُکہٕ ادبہٕ کہِ معیارتہٕ مقدارٕ کِنی تیٚوٛت مُتأثر زِ ژۄن ؤرِیَن کشیرِ منٛز ٹھہرنس دوران دِتُن یہِ اہم کارنامہٕ انجام۔حق چھُ یہِ زِ امی کتابہٕ ہنٛدی کِنی چھُ سہٕ ازتہٕ مشہور۔یہِ کتھ تہِ ہیکو وٕنِتھ زِ یہِ کیٛژھا تہِ أمی یؤرپیَن یہِ کأم انجام دِتھ کشیرِ دیُت تٔمہِ کھوتہٕ چھُس یہِ کشیرِ ہُنٛد بۄڈ

دیُت زِامہٕ، کیٚنہٕ ہیچ تس زیادٕ دے ناماوأری۔

نولز پتہٕ ییٚمہِ دوٚیمہِ یوٗرپی عألمن کأشرِ بن لُکہٕ کتھن کُن خاص پأٹھۍ توجہ دیُت سُہ اوس ڈاکٹر سر آرل سٹائن۔ سُہ اوس ڈاکٹر بُہلرُن شأگرد۔ بُہلرن یۄ دوٚے سبٹھاہ نأدِر کتابن ہنٛدۍ قلمی نُسخہٕ کشیٖرِ پٮ۪ٹھ ژٕٹتھ نی، تاہم میوٗل نہٕ تس کلہن سنٛزِ شُہرہٕ آفاق تصنیف راج ترنگنی ہُنٛد نُسخہٕ۔ حالانکہِ تٔمۍ اوس یہِ ییٚتہِ وُچھمُت تہٕ۔ اَمہِ کے مارِ مَتہٕ آو ۱۸۸۸ء منٛز یور سِٹائن تہٕ تس آے ۱۸۸۹ء ہس منٛز مہاراجہ پرتاب سنٛگھنِس ہدایتس تحت گورنر سورج کول سنٛزِ ذٔسۍ راج ترنگنی ہنٛدۍ سأری دستیاب نُسخہٕ آیتن تھاونہٕ۔ سِٹائنن تہٕ نی کشیٖرِ پٮ۪ٹھ ساڈ ترٛے ہتھ ییٚٹھی نأدر کتابن ہنٛدۍ قلمی نُسخہٕ تہٕ ۱۹۱۱ء ہس منٛز کٔرِن آکسفورڈ یوٗنیورسٹیہِ حوالہٕ۔ پنڈت گووند کول تہٕ پنڈت مکند ررام سنٛزِ مَدتہٕ کوٚر تٔمۍ ۱۸۹۲ء ہس منٛز راج ترنگنی ہُنٛد چھاپنہٕ خأطرٕ نُسخہٕ تیار۔ اَمہِ ہر یمانہٕ یمہِ کینٛہہ ییٚنہِ علمی تہٕ ادبی کارنامہٕ ییٚتہِ انجام دِتۍ تِتھ منٛز چھےٚ تِمن لُکہٕ کتھن ہنٛزٕ سوٚمبرن، یمہِ تٔمۍ حاتم تِلہٕ وأنۍ ناوِ کس شخصس نِشہِ بوزِ تہٕ تٔمۍ یِنٛدِ سے بِلجس منٛز ریکارڈ کٔرِتھ تہٕ وَکھنےٚ تہٕ وبوٚھنےٚ کٔرِتھ (Hatem's Tales) ناوِ شایع کرِ، یتھ منٛز کہہ (۱۱) ڈلیلہٕ شأمل چھےٚ۔ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی چھُ یہِ فخر زِ راج ترنگنی ہُنٛد کأشُر ترجمہٕ چھُ گوڈٕے ترٛٮ۪ن جلدن منٛز شایع کرنہٕ آمُت تہٕ حاتمُ ٹیلز تہٕ چھےٚ گوڈٕے تسلیم شُدٕ کأشرِس رسم الخط منٛز چھاپ تہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ۔ اکیڈیمی چھےٚ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن تہٕ لُکہٕ بأتن ہنٛزٕ کیٚہ یا سوٚمبرنہٕ تیار کٔرِتھ شایع کرمٕژ۔ ہتٮ۪ن نولزن یمہِ کأشرِ لُکہٕ ڈلیلہٕ سبٹھاہ محنتہٕ پتہٕ جمع کٔرِتھ انگریزی پأٹھۍ شایع آسہٕ کرمٕژ، تِمہٕ واپس پننہِ آگر زبأنۍ منٛز مُنتقِل کرنٕچ کام اُس باقے۔ یہِ اہم کام ما

آسہِ ہے یِیمہِ وجہ کِنز تہٕ پتھے پہن رۄزمٕو زِیمہٕ ڈلیلہٕ آسہٕ ترجمہٕ چہٕ صۄرِژ منز سائی تھےٚ، لہٰذا آوگوڈٕ تیمہٕ لگہٕ کتھہٕ چھاپ کرنک سٕز کرنہٕ یم نہٕ اوٚت تانۍ لیکھنہٕ تہٕ چھاپ آسہٕ کرنہٕ آمٕژ۔

Folk Tales of Kashmir کتابہِ ہُنٛد کاشُر ترجمہٕ پرن والین تانۍ واتناونس منز چھِ اَسۍ خوشی محسوس کران ۔ یہِ ترجمہٕ چُھ کاشرِ زبانۍ ہنٛدۍ ناموراد یب تہٕ ووستاد پروفیسر بشر بشیر صابن کوٚرمُت یمو راج ترنگنی ہنٛدِ بیشترِ حصک کاشُر ترجمہٕ کوٚر تہٕ یُس اکیڈیمی طرفہٕ شایع چھ سپُدمُت ۔

یہنٛدۍ بیٚیہِ کینٛہہ اہم ترجمہٕ چھِ ساہتیہ اکادمی دِلہِ تہٕ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی طرفہٕ شایع کرنہٕ آمتۍ ،یمن منز ''مجموع التواریخ'' مصنف بیربل کاچرو، ''سونٛتھ سبزار تہٕ دلبر'' (باغ و بہار : میر اَمن)، ''میأنس دۄنس چُھ وُنہِ سبزار ( Our Trees still grow in Dehra-Ruskin Bond ) وغارٕ شأمل چھِ ۔ وومید چھےٚ زِ پرن والین کھسہِ یہِ کأم ٹارِتہٕ تحقیق کارتہٕ نقادہنٛس سو دِلہٕ سام۔

منیرالاسلام (کے اے ایس)

سیکریٹری

# گوڈٕ کتھ

لُکہٕ ادب چُھنہٕ کُنہِ تہٕ قومہٕ کہِ اجتمأعی لاشعوٗرُک تہٕ نفسیأتی رٕوِ یُک أنہٕ مانہٕ یِوان، یتھ منٛز نہٕ صرف ماضی تہٕ حالہٕ کین واقعن ہنٛز عکأسی چھےٚ سپدان تہٕ تمن متعلق خوشی یا ٹیٚچھرٕ کین جذبن تہٕ احساسن ہنٛز باوتھ چھےٚ میلان بلکہِ چُھ اتھ منٛز مستقبل خأطرٕ اُمیدن تہٕ آرزوٕیَن ہُنٛد تہِ سیٚدِ سیوٚد دیاورگہٕ پأٹھۍ اظہار میلان۔ یوٚہے چُھ وجہ زِ لُکہٕ ادب چُھ قومن ہُنٛد توأریخ، تہنٛد سوچ تہٕ نفسیأتی رٕوِیہِ زانٛنک ماخذ تہٕ ذریعہِ تسلیم کرنہٕ یِوان۔ کٔشیر، کأشرِس ثقافت تہٕ توأریخس سٟتۍ دلچسپی تھاون والیٚو واریاہو دأنشورو چھےٚ ییٚتہِ کہِ لُکہٕ ادبہٕ کہِ حوالہٕ کأشرین ہنٛزِ دأنشمندی تہٕ فہم وِادراکس متعلق دلچسپ تہٕ قأبلِ توجہ کتھہٕ لیچھمٕژ۔

لُکہٕ ادبچ روایت نسل درنسل قأیم تہٕ مُتوأتر روزنس منٛز چُھ امیُک تفریحی عنصر کأفی اہمیت تھاوان۔ موجوٗدٕ زمانس منٛز ییٚلہِ تفریحکۍ نوٚہنہٕ ذریعہِ تہٕ وسیلہٕ مُروج سپدۍ تمہِ کنۍ ہیٚتِن تتھۍ نظریہِ تہٕ ثقافتی پہلو عالمی سطحس پیٹھ مُشتہر تہٕ عام سپدٕنۍ یمن ہُنٛد تعلُق تتھَن قومن سٟتۍ چُھ یمن موجوٗدٕ دورس منٛز مأٔلی اعتبارٕ تہٕ تکنیکی ذریعن پیٹھ اجارٕ دأری حأصل چھےٚ۔ امیُک اکھ منطقی نتیجہِ ہیکہِ یہِ أستھ زِ کینٛژن خطن تہٕ علاقن منٛز ساسہٕ واد

ۂ رِیَن ہِنٛد بن انسأنی تجر بن پٮ۪ٹھ مٔنی یا داشتن ہِنٛدِس بڑ وٚنہہ کُن ترٛسیلس منٛز دُشوأرِیَو کِنۍ ہیٚتِین یم مٔنساونہٕ یٖنۍ۔ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی قأیم سپدنہٕ پٮ۪ٹھے رۄٗ دیہ اِدارٕ یٚیمہٕ خطہٕ کِس ثقافتی وِرٲثس رأچھ کرنس تہٕ پوچھر دِنس منٛز پرٛتھ ممکن حدس تانۍ پٔنٛنۍ کوٗشش جأری تھأوِتھ۔ اتھ سِلسِلس منٛز رۄٗ دیہ اِدارٕ لُکہٕ ادبہٕ چین مختلف صِنفن منٛز موجود سرمایہٕ جمع کٔرِتھ شایع کران۔ وٗنیٚک تام آیہِ کأشرِ بن لُکہٕ بأتن، لُکہٕ کتھن، شُری بأتن بیترِ پٮ۪ٹھ مشتمل درجن وادسوٚ مبرنہٕ چھاپ کٔرِتھ محفوٗظ کرنہٕ۔ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن پٮ۪ٹھ مشتمل یہِ سوٚ مبرن تہٕ چھےٚ اَے سِلسِلُک اکھ کوٚر۔ یتھ کتابہِ منٛز موجود دٔلیلہٕ آسہٕ گوڈنکہٕ پھِرِ ناماوار عأٲلِم ہِنٛدِن نولزن سوٚ مبراوِمژ تہٕ انگریزی ترجمہٕ کٔرِتھ شایع کرِمژ۔

درِدِس کتاب چھےٚ واپس پنٕنہِ آگرزبأنۍ منٛز یِمہٕ دلیلہٕ پھِر نِچ کوٗشش۔ یتھ منٛز یہِ خیال تھاونہٕ آو زِ أسی روزو انگریزی متنس نکھہٕ ڈکھ، تِکیازِ یٚیمہٕ آیہِ یِمہٕ کہأنیہِ انگریزی زبأنۍ منٛز ترتیب چھےٚ دِنہٕ آمژ، سُے چھ سون وٚنۍ کنہٕک ماخذ تہٕ اَمہِ نِشہِ انحراف کرُن چھُنہٕ انصافکۍ تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔

وومید چھےٚ زِ پرن وألۍ ہاون کأشرِ بن لُکہٕ کتھن پٮ۪ٹھ مٔنی یتھ جِلدس سٟتۍ تہٕ دلچسپی تہٕ لُکہٕ ادبس پٮ۪ٹھ تحقیق کرن والین تہِ لگِہ یہِ بکار۔

جاوید اقبال

ایڈیٹر

# ترجمہٕ کارٕ سٕنز گوڑٕ گتھ

کٲشِر چھےٚ پَتہٕ وَتھ پَنہٕ نوٗ خصوٗصیژ وٕ کِنۍ مشہوٗر تہٕ اَمہٕ کِنۍ چھےٚ پَر مُلکَن تہٕ دوٗرِ دوٗر علاقَن ہٕنٛد بن لوٗگَن پانٔس کُن گل کڈان آمٕژ۔ فطری مٲرٕ منٛدِ یُت گوو اَسہِ تھےٚ یٚیمیک شہرہ دُرٛس دُنیاہَس چھُ۔ اَتھ سٕتۍ سٕتۍ چھےٚ یٚیمہِ علاقٕچ مخصوٗص جغرافیٲیی پوٗزیشن، علم ارضیات کِہِن ماہرَن ہٕنٛدِ مطالعہٕ خٲطرٕ دِلچسپ آسنَس سٕتۍ سٕتۍ مختلف سیٲسی تہٕ ثقافتی اعتبارٕ وَکھرٕ انسٲنی مزازَن، کھو وبٲرس منٛز پٔنٕنۍ انفرٲدِیَت تھاوان۔ ہمالیٲیی بالہٕ سِلسلس منٛزٕ باگ یَتھ حُسین وادی چھُ یِتھٕ اَکھ قدرتی محل وقوع یِنہٕ الگ الگ تہذیبَن تہٕ ثقافتی ماحولَن منٛز پھلیمتین ذیٚہنَن نہٕ صرف پانہٕ وٲنۍ رٲبطہٕ تہٕ خیالَن ہُنٛد تبودلہٕ روٗ دسپد ان بٔلکہِ اکثر صوٗرژَن منٛز کُنہِ خٲرجی دباوٕ ورٲے دَم دِتھ سوچنک موقعہٕ تہِ روٗ دمیلان۔ اِمیک بٔڈ جغرٲفیٲیی وجہ چھُ کٲشِرِ ہُنٛد تھدبوتہٕ وُلینگ شینہٕ بالوٕ سٕتۍ ؤلتھ آسُن۔ میسو پوٹامیا، چینَن تہٕ سِنٛدھ وادیہٕ ہٕنٛدِ پرٲچین تہذیب تہٕ اَکھےٚ یونان کِس سکندر اعظمہٕ سٕنٛدِ وقتہٕ میسو پوٹامیا تہٕ اسلٲمی تہذیب کہٕ ایرانس تہٕ تمہِ پتہٕ ہندوستانس کُن کاڈ کڈنَس دوران تہِ بنیو وادرٕ یورٲبطس درمیان یہِ خطہٕ سٲلانین، ایلچی یَن، بایارَن، فوجیَن، فلسفین تہٕ دانشورَن ہٕنٛز اَکھ تھکہٕ ہیٚنٛد۔ گاہے

أسۍ مادٕأنی تہٕ گرم خطن ہنٛدۍ لۄکھ ہرِدِ کالہٕ ہیٚو یوراژان تہٕ شُدٕ ژہنٛدِ وِنٛدِ کالہٕ کنٛز أسۍ ربتہٕ وادَن پیٚتۍ روزان۔ یہِ گتھ تہٕ چھےٚ توجہس لایق زِ یمو مختلف مذہبی تہٕ روحأنی فلسفو پیٚتہِ اَکھ أکس پَتہٕ پھاپھجار تہٕ وُسجار پرٛووتمہِ کس پَس منظرس منٛز رٕو دتمَن جغرافیأیی تہٕ موسمی حالاتَن ہُنٛد عمل دَخل یمو کنٛز پیٚتہِ بسکین ہنٛدۍ ذیٚہَن متوأتر سوچہِ کہِ عملہِ کنٛز زرخیز چھِ بنان رٕو دۍ متۍ۔ تخیُل کاری تہٕ تخلیق کأری خأطرٕ چھُ یہِ علاقہٕ ہر ہمیشہِ موزوٗن تہٕ گُل کَڈوُن رٕو دمُت۔ نہ صِرف عألم تہٕ دأنشور بلکہِ عام لۄکھ تہِ چھِ ادب نوازتہٕ تخلیقن مازان رٕو دۍ متۍ۔ اَز برٛ وٗنہہ کرٛتانۍ دٕہلہِ تہٕ اوس کٔشیرِ منٛز یہِ طٔریقہٕ عام زِ اَن پرٛھ تہِ أسۍ شہرِتھ کأنسہِ نأمی شأعرٕ سنٛز کتاب مٔلۍ أنتھ گرِ محفل آراستہٕ کران تہٕ کأنسہِ پرٛ ہنہٕ شخصس اَتھہِ کتاب پرنأوِتھ أسۍ محظوظ تہِ سپدان تہٕ اَتھ بابرکت تہِ زانان۔ تتھے کنٛز اوس مختلف طبقَن تہٕ وأنسَن ہنٛد بن لۄگن منٛز پنٛنہِ پنٛنہِ ذہنی معیارٕ مطأبق نثر تہٕ نظمس منٛز ڈٕلیلہٕ، دلأییہِ ہنٛز گتھہٕ، پربژ، کہاوٕژ تہٕ تمَن ہُنٛد پۆت منظر وبژھنأوۍ وبژھنأوۍ بوزنُک تہٕ بوزناونُک عادت۔ اوَے چھُ کٔشیرِ منٛز اثر واثر ولگہٕ ادب تخلیق سپدان رٕو دمُت تہٕ سینہٕ بہ سینہٕ برٛ وٗنہہ پکان رٕو دمُت۔

گنوہِ مہِ تہٕ وُہمہِ صٔدی منٛز یم یوٗرپی کٔشیرِ وأتۍ تم سپدۍ پیٚتہِ چہِ ثقافتی زندگیہِ، زبأنۍ، ووتھنہٕ بیٚہنہٕ کیٚمن طور طریقَن، فلسفَن، توأریخی جایَن تہٕ لۄگن ہنٛز یمَن چیزَن تہٕ تصورَن متعلق غأر ارأدی تہٕ غأر شعوٗری دلچسپی ڈیٚشتھ سبٹھے متأثر تہٕ یہِ کینٛہہ ہا وقت یمَن پیٚتہِ روزنُک میسر سپد تتھ منٛز یۆرنہٕ تمو پنٛنۍ ہلم برنس کأنٛہہ ولیہِ۔ کٔشیرِ ہنٛدۍ کتۍ نأدر دستاویز تہٕ چیز یم تمَن بدَس آے تہٕ پانس ستۍ نِتھ ہیکۍ تم نیٚکھ۔ اَتھ ووٹہٕ

ژھانٹہِ دژاے نہٕ منفی نتیجے یاتٕی بٔلکہِ مثبت تہٕ یہِ زَن علمُک خاصہ چھُ۔ گوڈنیکے یہِ زِ وارِیہَن صٔدی یَن ہنٛزٕ لارٕ لارِ تہٕ بناوتہٕ کنٛی یُس ثقافتی شعوٗر موردٕ اوسُن ہیوٚتمُت سَپدُن تتھ متعلق ہیوٚتُن کأنٛسہِ کأنٛسہِ ظون بیدار گوٚھن۔ یِم دستاویزٕلوٗکو برأرِ کأتین بٔرتھ منسأوِ ہتی اَسی تِمَن لوٗگ پھٔیر تہٕ اِدیوٚت وأتِ تہٕ توت توتہٕ سَپدِ محفوٗظ حالانکہِ یہِ عمل اُس نہٕ دیانتدأرِی ہنٛدِ تقاضہٕ پوٗرٕ کران بٔلکہِ گوٚھی یتی محفوٗظہ کرنٕکی سٕتھ کرنہٕ آمتی آسی۔

عوأمی یاداشت تہٕ باسٔیاوکینژون عالمَن سبٹھے مولُل تہٕ یہِ جمع کٔرتھ تہٕ ہیوٚک کینٛہہ اہم سرمایہ پننہٕ والین نٔسلَن خأطرٕ بچاونہٕ یتھ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُ سون لُکہٕ ادب تہٕ باقٕی ژھٔن ہنٛدی پأٹھی اَکھ بیش قیمت تہذیبی سرمایہ یُس ازکل کَس دُنیاہَس منٛز تہِ انسأنی تہذیبک توأریخ بدِ کڈنَس منٛز اہم آگُر چھُ ماننہٕ یِوان۔ اَمہِ حسابہٕ کوتاہ بختاوار چھُ کأشُر قوم تتھ متعلق یوسہٕ گوڈنیچ کتھ یِیمہِ سوٚمبرنہٕ ہُنٛد ترتیب کارہٹٔن نولز پننہٕ کتابہٕ ہِنٛدِس دیباچس منٛز چھُ لیکھان سوچھے چشم کُشا۔

یہِ سوٚمبرَن چھے مختلف اعتبارٕ سبٹھے اہم تہٕ تتھ متعلق ہیکَن پننہٕ وأرِس وَقس منٛز مختلف نوکتہٕ نظرو کنٛی بحث ومباحثہ سپدتھ تہٕ وبوٚھنیہِ پیٹھ منٛی کتابَن ہنٛدی خبرٕ کتی جلد ہیکَن بارٕسَس یتھ۔ وَقتہٕ کیو دولابو دِژنہٕ پتمِس ہتس وٕرِی یَس تہٕ اَسہِ منٛز کأنٛسہِ اُکِس اورٕکُن وَتھ زِاَکی یوٗرپی عالمَن یِیمہِ سرمایچ اہمیت زأنِتھ یہِ پننہٕ زبأنی یعنی انگریزی یَس منٛز ترجمہٕ چھِ صورژ منٛز بڑوٚنہہ کُن اوٚن سہٕ کیاہ یِیہِ ہے واپس پننہٕ آگر زبأنی منٛز تہٕ شایع کرنہٕ۔

پرن وألی ہکن یہِ سہل پأٹھی اندازٕ کرِتھ زِیمہٕ کہأنیہٕ گژھ حدس تانی چھےٚ ووٗنی
مشرٕ پھس گمژٕ ۔ یہِ گژھ تہٕ چھےٚ وارِہس حدس تانی گاٹک احساس ووتلاوان زِیمہٕ
ڈٲلیلہٕ ترجمہٕ کرنس دوران آسہِ ضرور رِہٕنڈِس تتھ متنس منٛز لفظہٕ پھیرٕ یتھ منٛز یمہٕ اَز
بژ وٚنہہ اَکھ صٔدی وَننہٕ آسہِ ہن یوان ۔ بہرحال ڈھانچہٕ چھُ موجوٗد یتہٕ چھےٚ بُڈ گژھ ۔

پرن وألی گرن یتھ گژھہٕ ستی اتفاق زِ یہِ کتاب تہٕ چھنہٕ ووٗنی سہل سہل
میلان ۔ کُنہٕ کُنہٕ پرٛانہٕ لایبریری منٛز چھےٚ موجوٗد تہٕ ، کٔنہ تہٕ اُس یہِ ترجمہٕ گرٕنی وتھک اہم
ضرورت ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمہٕ کرِ یتھ کُن کأشرٕ بن لُکہٕ کتھن ہنٛزٕ کینٛہہ سوٚمبرنہٕ
شایع تہٕ اَکھُتے حاتم تِلہٕ وأنی ہنٛزٕ بیان کرمٕژ تمہٕ کہأنیہٕ تہٕ آیہٕ کأشرِس رسم خطس منٛز
چھاپ کرنہٕ یمہٕ جارج ابراہم گریرسنن محفوٗظ آسہٕ کرِمٕژ ۔

تفصیلو ورأے پرٛن والین ہُنٛد ظون یمن کینٛژن کتھن کُن پھرُن چھُ لازِم
باسان زِ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز یمہٕ ڈٲلیلہٕ شأمل چھےٚ کرنہٕ آمژٕ تہنٛزٕ نوعیت چھےٚ بلکل سوٚے
یوسہٕ لُکہٕ کتھن آسان چھےٚ تہٕ تمے خأصیژ چھےٚ یمن کہأنین تہٕ ۔ یمن ڈٲلیلن منٛز چھُ یژ
پأٹھی سُے ماحول تہٕ سوچن تژ اے یوسہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِ یتہٕ کمن روزن والین چھےٚ ۔ البتہٕ چھِ
یمن ڈٲلیلن منٛز تتھی کرتہٕ منظر یہنٛزٕ نوعیت تخیلس پیٹھ مبنی دوٗروأ رأنن ، جنگلن تہٕ پرستانن
ہنٛدِس تصورس متعلق چھےٚ ۔ کہأنین منٛز چھِ یژ پأٹھی تمے کرداریم آسہِ اَنٛدی پکی وَننہٕ چھِ
یِوان تاہم چھےٚ یمن کردارن تتھ کینٛہہ خأصیژ یموٚ کٔنی یم ممتاز چھِ بنان تہٕ بلکل الگ
تہٕ کرٕ تھن صورت حالن منٛز عام لۆکن ہنٛدِ رٕ وی یہ تہٕ بترٕ نشہٕ تیتھ کینٛہہ خاص تہٕ زیادٕ
چھِ کران زِ انسان چھُ کریمانہٕ کڈان تہٕ بوزن وألس چھےٚ یمہٕ کہأنیہٕ دلچسپ باسان ۔

یمَن لگہٕ کتھَن منٛز چھِ مرد تہٕ تہٕ زنانہٕ کردار تہٕ یم انسأنی تہٕ چھِ تہٕ غأر اِنسأنی تہٕ یعنے یمَن ڈٲلیلَن منٛز چھِ جنَن تہٕ پٔرۍ یَن ہنٛدی کردار تہٕ۔ اکثر صورتَن منٛز چھے مرد کردارن ہنٛزٕ ے بالا دستی حاوی آمژ تاہم چھےٚ زنانہٕ کردارن ہنٛز خوبصورتی یا تِہند مال و دولت باضے مردَن ہنٛدِ خأطرٕ قأبلِ رشک بنٛتھ پنٛن پان داوس لاگنٛج تہٕ گل کڈان۔ کینٛژَن ڈٲلیلَن منٛز چھےٚ مرد کردارَس وارٕ یہٕ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ زنانہٕ تہٕ کُنہِ کُنہِ چھے پنٛنی آشنٕ مردس بیٚیٚس زنانہٕ ستۍ کھاندر کرنس منٛز مدد تہٕ کران۔ اَمہِ باوجوٗد چھس اِنسأنی فطرٕ ژ ہٕکنۍ مغلوب سپدتھ تمہِ وَقتہٕ دوٚیمہِ زنانہٕ یا نوٚ پنٛنہِ سونہٕ ستۍ تمہِ ساعتہٕ حسد تہٕ دِیہ ہُنٛد جذبہٕ منس منٛز کاڈ کڈان ییٚلہِ تَس منٛز پأنس کھوتہٕ کینٛہہ زیادٕ بہتر چھس باسان مِثالے پانہٕ آسہِ ہاتھ تہٕ بیٚیس زنانہٕ زیوٗنٛچ یا تسنٛز سون آسہِ تیٚژ خوبصورت زِ خانہٕ دار آسہِ تُسی یوت گُن مأیل۔

زَن، زَر تہٕ زٔمین چھِ پتہٕ وَتھ لوٗکن ہنٛزِ لالچہٕ ہنٛدی بُنیأدی سبب گنٛزرنہٕ یوان تہٕ یم حأصل کرنہٕ خأطرٕ چھِ پزٕ بتھ درجکی لوٗکھ مختلف وَل تہٕ ژھَل ورتاوان آمتۍ۔ گاہے چھُ اَمہِ خأطرٕ مژہ زور تہٕ گاہے شود بود کار آمد بنان۔ یہِ عمل ہیکہِ اخلأقی تہٕ أستھ وۄ ں گو وزیادٕ پہَن چھُ بداخلأقی ہُنٛدُ ے پوٚتر گوٚب روزان مگر لگہٕ مزاجس چھُ تسکین تتھ صوٗرژ منٛز میلان ییٚتہِ۔ کردار کمزور أستھ حوصلہٕ مند آسہِ یا طاقتور أستھ انصاف پسند تہٕ نرم دِل آسہِ تہٕ ییٚہَے چھےٚ کردارٕ سنٛدِ ہیر وپنٛج بڈٕ ضمانت۔ کأشرِ بن لگہٕ کہأنین منٛز تہٕ گرٕ ھَن اَسہِ بیشتر تتھی کردار نظرِ۔ کُنہِ کُنہِ چھِ یمَن ڈٲلیلَن ہنٛدی کینٛہہ رانٛڈ کردار تہٕ پنٛنہِ عیأری ہٕکنۍ قأبلِ توجہ بنان۔ خاص کٔرتھ تژھَن جایَن ییٚتہِ پنٛنہِ

چالاکی ہنز یتھ کردار ہتہٕ وادلۆگن سوچنہٕ سمجھنک طاقتھے زَن تہٕ مفلوٗج کرِتھ چھُ
ترٛ اوان ۔ یتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ اکھ اندٕ شرف طاقتھے زَن تہٕ مفلوٗج کرِتھ چھُ
ترٛ اوان ۔ یتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ اکھ اندٕ شرف تہٕ شبرنگ ژۄ رہوی کردار اَچھ زبرمثال تہٕ
دوٚیمہٕ اندٕ چھِ بادشاہ، شہزادٕ، ملکانہٕ تہٕ شریف خصلتٕ ہندی تتھی کردار یہند وبہار بوزَن یا
پرَن وأرِلس یمَن متعلق خوش پوٗنی جذبہٕ ووتلاوان چھِ ۔

یتھ سوٚمبرنہٕ منٛز شامِل کہأنین ہُند ماحول چھُ یژھ پأٹھی کأشر ے ۔ لہذا چھُ
باغن، بہارن، پوشن، آبشارن، پوشن تہٕ جاناوارن ہُند ذِکر تہٕ لازمی کتھا چھےٚ زٕ لیلہٕ
منٛز کشمکش تہٕ مُتضاد صورتحال باونہٕ خأطرٕ چھِ وأرارن، وُڈرٕ، دُدوَن، کھنگر تہٕ بال،
وأنا کھ گوپھہٕ، درٕنہٕ، دیو تہٕ دڑ ینٛٹھال وَنہٕ یوان ۔

سوٚمبرنہٕ ہنٛز بیا کھ خصوصیت چھےٚ یہٕ زِ یژھ کہأنیہٕ ہِندِس رأوی سُند چھُ
ترتیب کارَن ناوِدرج کوٚرمُت ۔ اکثر رأوی چھِ بٹہٕ ۔ یمیٚک اکھ وجہ یہٕ ہیکہٕ أستھ زِ
شہرِ خاصَس منٛز روزنہٕ کنٛی آسہٕ ہے ترتیب کارس یمنے ہنز ژوٗر پہٕن رأبطہٕ تہٕ یتھ پایہٕ
ورگن ہِندی ذٕلیلہٕ گرٕی آسہٕ ہَن پننہٕ کمتری ہِندِ احساسہٕ کنٛی پانہٕ تہٕ یتھ پتھے روزان تہٕ
تکن گرٕی تہٕ آسہٕ ہنکھ نہٕ بزٕونہہ کُن ییٚس أتھ وَتھ دِوان ۔ سبٹھے کم ذٕلیلن ہِندی
رأوی چھِ مُسلمان تہٕ یژھَن جایَن تہٕ چھنہٕ رأوی سُند ذأتی ناو بلکہٕ تمہٕ ہِندٕ پیشک
حوالہٕ دِتھ سہٕ گأل کھاتس ترٛاونہٕ آمُت گویا کہأنی ہِندِس رأویَس چھُ نأوِد، گرٛوٚس یا
پوٚہل لیکھنہٕ آمُت ۔

کہأنین منٛز استعمال سپدَن وألی اصطلاح چھِ موقعہٕ محلہٕ مُطأبق ۔ گویا الگ

الگ آبادی ہِند بن طبقن منز ییٚمہِ حِسابہٕ تم راۓ تیج چھِ تمے مُطابِق چھِ کہائنَین ہِند بن کردارن ہِنٛز زیٚوِ تہٕ منظرن ہِنٛز عکاسی کرنہٕ خاطرٕ بیان کرنہٕ آمتۍ۔ ترتیب کارن چھےٚ کُنہِ کُنہِ تتھین اصطلاحن ہِنٛز حاشِیَن منز وضاحت کرمٕژ ووٗن گووترجمس منز اُس یہِ وبڑھنے غار ضروٗری تکیٛاز ییٚم ساری اصطلاح چھِ پزٕ بتھ کاشرِس ویٚدکہ تہٕ وَنہٕ۔

کتابہِ منز چھُ کُنہِ جایہِ کہائنَین یا کردارن تہٕ منظرن ہُند دوٚیمین زبانین ہِنٛزن کہائنَین ستۍ ہِشر تہٕ ہاونہٕ آمت مگر ییٚم حوالہٕ چھِ سٮ۪ٹھےہ سرسری تہٕ کینژن صورژن منز بلکہِ گنڈِتھ تھاونہٕ آمتۍ ییٚمہِ کِنۍ یم ترجمس منز شامل کرُن ضروٗری باسیاونہٕ۔

یِمن کہائنَین پیٹھ چھُ کاشرِس قومس گوڈنیک دعواہٕ حق۔ یِٚمن یہِ نظرو ڈوٗلمت سرمایہِ واپس یِٚمن لفظِ وَردن وٗلِتھ پیش کرنس منز چھےٚ مےٚ خوشی تہٕ پننہٕ والین نسلن ہِندِ خاطرٕ پننہٕ نِمن پیشروَن ہِنٛز یہِ موٗلِج وراثت رژھراونٕچ کوٗشِش چھےٚ سکوٗن تہٕ اطمینان تہٕ بخشا۔

بشر بشیر

# ترتیب کارٕ سٕنز گوڈٕ کتھ

کٲشِر چھِنہٕ لُکہٕ وۄترٛکِس ادبی مٲدانَس منز غٲلبَن پٔنِنہٕ زرخیزی اعتبارٕ دنیاہکو کُنہِ مُلکن پتھ ہیچھٕ ترٛاۄِتھ۔ تہٕ اَستھ تہٕ یُدوَے اَسی پزٕ ہتھ ؤری یِہ بنگال، بمبے ،مدراس، پنجاب تہٕ باقٕے جایو پیٹھٕ اَتھ موضوعس پیٹھ کتابہٕ چھِہ چھپان وۄچھان تہٕ ییٚلہِ زن Indian Notes and Queries-The India Antiquary تہٕ یِمو پتہٕ The Christian College Magazine تہٕ The Indian Evangical Review ہِوبن رسالن منز چھِہ متوأتر طور پزٕ ہتھ شُمارس منز اَمِہ موضوع کہِ حوالہٕ کم یا زیادٕ مناسبتہٕ مضمؤن چھپان روزان تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ یِہ مٲدان پٔتھ تہٕ لوٚنَس واَتتھ تہٕ الہٕ پَلہٕ ہیٚلی تُلنٕے۔ یَتھ منز چھُنہٕ شک زِ یِنِہ الگ تھلگ محل وقوع تہٕ اتچہِ زبانٕی ہُنٔد مُشکل آسنس تہٕ چھُ کُنہِ حدس تانی بظاہر اَمِہ کِس منساونہٕ یِنَس ستی تعلق۔ یہٕ چھُس ییمہِ کِنی وارٕے خوش زِ اَتھ وادیہِ منز ژورَن ؤرِیَن روزنہٕ کِنی میؤل مے فأیِد تُلنَس موقعہٕ۔

تبلیغی کٲم کرن وٲلی سُند پیشہِ چھُ تَس لۄکن ستی بڈٕ قریبی تہٕ متوأتر تعلق بناوان یِمَن نِش چھُ انسان میأنی پأٹھی لوٚت لوٚت ناوِ منز یا وَتہٕ پکان پکان یا کُنہِ

عارضی مکانس منز بہتھ یا سکوٗلس منز پرناوان وارِیہہ چیز ہیچھان۔ یمہٕ ڈلیلہٕ سوٗ مبراونک بنیاۓدی مقصد اوس کاشرِس متعلق کینٛہہ زان پرٛاوٕنی یوسہٕ سراسراکھ عام بول چال چ زبان چھےٚ۔ میوٚن دوٚیُم مقصد اوس زِ یٕہ گرٕ ہالوٗکن ہنٛدِ بن سوچن تہٕ طور طریقن متعلق تہٕ کینٛہہ دریافت۔

پتہٕ لاجِہ مےٚ یِمو منزٕ کینٛہہ ڈلیلہٕ اَکِس ہندوستانٕی رسالَس منز چھاپناونہٕ۔ تِمَن ہنٛدِ مشورٕ کِنۍ یہنٛدِس مشورَس یٕہ خاص قدر چھُس کران آمادٕ سپدٕ تھ چھُس یہٕ وۄنی یِمہٕ سارے ڈلیلہٕ سوٗمبرِتھ اَکِس کتابہٕ منز شایع کرنٕچ جسارت کران۔ یُتھ زَن یِمہٕ تغوفل کیو پنجو منزٕ بچاوِتھ ہیکہن تہٕ ہیکَن یِمہٕ تتھی منز پیتھ۔

غالبَن چھےٚ یِمو منزٕ زیادٕ پہَن ڈلیلہٕ بذاتی کٲشرِ ہنٛزٕ یێلِہ زَن باقے کُنہٕ شکلہٕ وراۓ تِمَن کہاݨین ہُنٛدٕ بیاکھ انہار چھُ یِمہٕ ہندوستان تہٕ باقے علاقَن منز مقبوٗل چھےٚ تہٕ یِمَن زبانٕی ہنٛدِ مزاجِہ، سوچنہٕ کہٕ طور طریقہٕ تہٕ یِمہٕ مُلکہٕ کہٕ سماجی ورتاوٕ مطابق ترمیم کرِتھ یێتہٕ خاطرٕ موزوٗن چھےٚ بناونہٕ آمژٕ یِمو منزٕ کینژٕن کہاݨین ہُنٛد وارِیہہ ہشر ہیکو اَسی یورپی لُکہٕ کتھَن منزٕ تہٕ لبِتھ۔ "زٕ بارٕنی" کہانی ہیکون اَسی سیوٚد یاٗ تھی پڑھےٚ ہشہٕ ڈلیلہٕ St.George and the Dragon ستی ہشر اوِتھ یێلِہ زَن وارِیہہ لوکچہٕ ڈلیلہٕ زیچھن لُکہٕ کتھَن منز رلاونہٕ چھےٚ آمژٕ تہٕ یِژاپاٗ تھی مرد یا نسوانی مرکزی کردارہٕ سنٛز حالت واضح کرنہٕ خاطرٕ بیان چھےٚ کرنہٕ یِوان تہٕ یہنٛد انہار ہیکو اَسی وارِیہس حدس تانٕی فرانس، جرمنی، یونان، روس، برطانیہ تہٕ باقے مُلکَن ہنٛزَن ڈلیلن منز کھژِ تھ کرِتھ پرزناوِتھ۔

یِتھ چھُنہٕ مےٚ یِمَن کہانیٔن ہُنٛد آگُر لَبنٕچ کانٛہہ کوٗشِش کرنٕک اِرادٕ۔ یِمہٕ چھا گوڈٕ مشرقس منٛز کِنہٕ مغربَس منٛز پاٚدٕ گمٕژ تہٕ ترٛاوٕبہٕ زیادِ پہٕن ماہرن تہٕ عالمَن ہٕنٛدی سےٚ سوچَس پیٛٹھ یُتھ تِم وَنَن ''یِتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ وارِیہہ مشرقی کہانِیہٕ کرِ چنگیز خانَنہٕ وَقتہٕ ہُنٛو یورپَس منٛز متعارف۔ یِمو منٛز آو وارِیہَن کہانیٔن فارسی یَس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ تَتہٕ پیٛٹھہٕ سِریٲنی تہٕ عربی یَس منٛز''۔ غالبَن واتناوِ عربَو یِمو منٛز کینٛہہ کہانِیہٕ یوٗرپ تہٕ صلیبی جنگس منٛز شامِل ہیَو یورپی حملہٕ آورَو واتناوِ یِمَن ہٕنٛدی کینٛہہ حِصہٕ پَنہٕ نِبن پَنہٕ نِبن مُلکَن۔ یِتھہٕ کنہٕ اَسہِ معلوٗم چھُ زِ یِمہٕ دٔلیلہٕ سپٕز قروٗنِ وسطیٰ ہَس منٛز مغربس منٛز زبردست مقبوٗل یِیلہِ داستانَن ہٕنٛدِ ذٔریعہِ گتھ سمجھاونُک طریقہٕ یِہ زَن مشرقس منٛز پَتھ کالہِ وارِیہہ مقبوٗل اوس سیٛٹھہٕ حدس تانٛی مغرب کیو بھکشو ہو تہٕ باقےٚ مذہبی تعلیم دِنہٕ والیو اَن پڑھ بوزَن والیو ہٕنٛدِبن ذیہنَن منٛز اثر پاٚدٕ کرنہٕ خاطرٕ پانٛنوو ''یِتھ جایہِ منطقی جوازتہٕ مُبہَم دٔلیل کمہٕ کھوتہٕ کم اثر کرنَس منٛز تہِ ناکام سپِد تَتہِ چھےٚ اَکھ موذوٗن یاز برپاٹھی بیان کرنہٕ یِنہٕ واجِتی کہانی توجہ ہبکان پھِر ناوِتھ۔''

پَنہٕ نیو اخلاقی تہٕ مذہبی مُناسبژ وَکنہٕ پیو یِمَن داستانوی بیانَن ہُنٛد تِمَن دوہَن ہٕنٛدِس ادبَس پیٛٹھ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ اثر۔ مگر یِتھہٕ کنہٕ مسٹر رالسٹن وَنان چھُ زِیُد وَے کانٛہہ کہانی ایشیا تہٕ یورپ دوشونٛی جایَن وَنہِ چھےٚ یِوان تہٕ اَمیُک مطلب چھُنہٕ زِ اَمہِ کنہٕ کیٛاہ چھُ امیُک یورپی اظہار مشرقس نِشہِ پَہہ اَنہٕ آمُت۔ یِتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یوٗرپَن چھ ایشیاہَس کینٛہہ تصور دِتی ہتی۔ مغربی کہانیٔن ہٕنٛز اَکھ زٕ کتابہٕ چھےٚ ہندوستانس منٛز شایع کرنہٕ آمٕژ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ یوٗنانٛی داستانو تہٕ چھُ ہندوستانٛی

سوچس پیٹھ اَثر ترٚ وومُت۔ یورپی افسرو، مذہبی مُبلغو تہٕ باقیو تہٕ آسَن تِتھۍ قصہٕ بیان
کٔری مِتۍ یِم تِہنٛدٮ۪ن علاقَن منٛز رأیج آسہٕ ہَن۔ یِم تہٕ یِیہٕ باقے اہم پٔزرِ تہٕ پنٛن نظر
تَل تھاوِنۍ۔ ورَیہَن کہأنٮ۪ن ہِنٛدِس آگرس متعلق فأصلہٕ دِنہٕ برٛونٛٹھ چھُ لِسأنیات تہٕ
باقے علمی مأدانَن وُنہِ تہٕ وارٕ پأٹھۍ پھیٚر دِیُن۔ لُکہٕ وُتَرکین مأہرَن پٔزکینٛہہ نٔوۍ پٔزر
سوٚمبراوِنہٕ یِنَس تانی ہناپٔزارُن۔ اَتھۍ پٔزس تہٕ عقلمندی ہِنٛدِس طریقس احترام نہٕ کرنہٕ
کِنۍ چھِ کینٛہہ مُبہَم نتیجہٕ برٛونٛٹھ کُن ترٛاونہٕ آمٕتۍ یِمہٕ کِنۍ کینٛژَن حلقن منٛز لُکہٕ وُترچہٕ بُنیأز
پیٹھ سوال چھِ ووتھان۔ کِہِ کال برٛونٛہہ پوٚرمٕ اَکھ سبٹھے دلچسپ مضموٗن یَتھ منٛز
أکِس پروفیسر سُنٛد ادبی تنقیدٕ رٕتی پأٹھۍ یہٕ تجویز اوس برٛونٛہہ کُن انان زِ اکہِ کہأنیہٕ ہنٛز
جاتکاہَیت چھےٚ توأریخی اعتبارٕ اَمہِ کہِ یورپی متنہٕ باوُتھ برٛہم۔ بہٕ گوس (یہِ
پٔرِتھ) تقریبَن مطمئن یوٚت تانی اَمہِ پَتہٕ بیٚیِس تِتھۍ سے عأیم پروفیسر سُنٛد مضموٗن مےٚ
Contemporary Review منٛز نظرِ گووتیٚ کِنۍ یہِ ہأوِتھ چھُ دِتمُت زِ چینی حروفِ تہجی چھِ
فِنیشیا (سوزبان یوسہٕ شام کِس أکِس حصس منٛز بولنہٕ اُس یِوان) پیٹھہٕ آمٕتۍ۔ تہٕ
یِتھہٕ کِنۍ یُس نتیجہٕ گوڈٕ نِکی پروفیسرَن قأیم اوس کوٚرمُت سُہ اوس بظأہر مغالطہٕ۔

یِمَن کہأنٮ۪ن ہُنٛد آگرژھانڈنچ کوٗشش کرِنۍ یِد وَے میأنِس دسترَس
منٛز آسہِ ہے، تہٕ یِد وَے مےٚ یہِ ارادٕ تہٕ چھُنہٕ۔ بہٕ گرٕنہٕ یِتھ ہیوٗ فأصلہٕ دِنچ کوٗشش زِ
آیا کہأنٮ۪ن ہُنٛد یہِ دأیرٕ یِیمہِ نوقطہٕ پیٹھہٕ شروٗع چھُ گوٚھان سُہ چھا اساطیری رِکنہٕ نہٕ تہٕ
اکھِتُے نہٕ یتہٕ زِ دوشوٚنی صوٗرژن منٛز کیاہ اُس اَنچ بُنیأدی ہیت تہٕ مطلب۔ لُکہٕ
وُترِکی کینٛہہ مأہر چھِ اَتھ معاملس متعلق پَتھ برٛونٛٹھ وُچھنےٚ (کتھ کران) اَکھا چھُ

ونان ''یہ چھےٚ آفتابٕچ تہٕ گاش پھوٚلنٕچ ڈلیل۔ سِنڈریلا ہُنٛد تمہِ ساعتک گیٚشوم، گوٚٹ تہٕ شُس آسُن چھُ مُنساوَنہٕ یِوان ییٚلہِ سو گاشس چھَنہٕ آسان۔ سو چھےٚ تِمی ہِشٕژ ن بیٚنٛن تہٕ ووٚرِ ماجہِ ہنٛدِ حسد چہِ اوٚبرٕ ژھایہِ تَل ہبنہٕ یِوان یوسہٕ زَن راتھ چھےٚ۔ اَمہِ کِنی چھےٚ سو ارورا (قدیم رومی عقیدٕ کِنی صُبح دیوی) یا وَنو صُبحُک نوٗر تہٕ شہزادٕ چھُ کھَسہٕ وُن آفتاب یُس تَس پَنٕنی مہرِ نی بناوَنس ہمیشہِ پَتہٕ چھُ۔''

یَتھ سوٚمبرنہِ منٛز شامِل گوڈنچہِ ڈلیلہِ منٛز شہزادٕ ہِنٛدِس رہا کرنَس متعلق ہیکہِ پَتہٕ کانٛہہ وَنِتھ ''یہ چھےٚ سوٗنتھ وِنٛد کیوٚ زوالنو منٛز ییلہٕ ترٛاوٕنچ، آفتاب رأژ ہنٛدِ لنہِ گٹہِ منٛزٕ بچاونٕچ، مغرب کِنی ژوٗلُمت آفتاب واپس انٕچ، سمندراوٚ برکہِ قادٕ منٛزٕ آزاد کرنٕچ ڈلیل۔''

تنہٕ گو ونہٕ زیادٕ کال زِ Westminter Review منٛز کھیٛاونٲوی اُسی اَکی لِکھأری راجا رسالوٗہَس، یَس پنجابک کِنگ آرتھر تہٕ وَننہٕ چھُ آمُت، ہِری یَس متعلق اسطورس ہِتی رلاوِتھ ووٚتھ۔ اُمی ہیے رسالوٗہس متعلق چھُ کیپٹن ٹیمپل ونان ''یہٕ کرِ یہِ ونُک جُرات زِ یَتھ کَتھِ چھےٚ توارِیٛخی اعتبارٕ ثابت کرنہٕ ییٚنہ تو ژھ زِ یہِ شخص اوس اَکھ مقبوٗل عوٲمی رہنما تیمِی ہِنٛدِس ناوس اَکھ ترٛژھ کھوٗنٹ چھےٚ بناونہٕ آمٕژ۔ یَتھ پیٹھ پنجابک وارِیہہ متواتر لکہٕ ووٗترٕ قایم چھُ سَپُد مُت۔ بہرحال مےٚ چھُ یہِ وَنُن مقصد زِ یمو ڈلیلو کِنی پیٹھ سانہِ تقوبلی اسطوریات کین ماہرن ہنٛدِ بن ذیٖہنن منٛز کُنہِ شک وشبہ ورأے یہِ کَتھ ہِپہ زِ رسالو چھُ اَکھ ہِری یہِ اسطوٗر۔ یہِ کَتھ ہیکو نہٕ اُسی ہرگِزتہٕ اُمی ہیے یوت کردارس ہِتی مخصوٗص تہٕ محدوٗد کٕرِتھ۔ بلکہِ چھےٚ یہِ ہندوستان کین (لکہٕ ادبہٕ کین

سارِ نے مرکزی کردارَن (ہیرو) ہنز عمومی خاصیت چاہے تیمِ ہنز گتھ اُسی تَن یا ہُم سنز، یتھ تہٕ موقعہٕ آسہٕ۔ یِم (ساری) چھِ رسالو ہندی پاٹھی وارِیَہس حدس تام تُم ہنز دِے وارِیَہو کہانیو منز کاتھہٕ مقامی انہار۔" پُزی کنی چھِ مقبول لُکہٕ کتھن متعلق لکھن والو منز کینہہ یہ گتھ مُشراوان باسان زِ یہ چھُ نہ موضوع یُس سبٹھے مَزدار ورتاوتہٕ سبٹھے محتاط تجزیہ منگان چھُ۔

تہٕ گرتھ تہٕ چھےٚ مےٚ وومید زِ پرَن والی بَن نہٕ یہ مطلب زِ یہ کیاہ چھُس یہ وَنان زِ لکہٕ وٕترِ کس عِلمس منز کیاہ گوھہٕ نہٕ تقویلی اسطور آسُن۔ اَتھ برعکس چھُ مےٚ پوٗرِ یقین زِ وارِیہہ دٔلیلہٕ گوھَن اسطوری آگرَن ستی منسوب آسنہٕ تہٕ یہٕ چھُس تیمہٕ گتھہٕ ہُند تہٕ پوٗرِ پاٹھی قایل زِ وارِیہہ دٔلیلہٕ گوھَن تواریخی آگرن ستر تہٕ منسوب آسنہٕ۔ "پرانہٕ روایژ وبڑھنے کرَن والس یا وَنو مقبول داستانوی ادبہٕ کین اَنہٕ گٹین وٕن دِنہٕ والس نِش گوھہٕ یہ تقاضہٕ کرنہٕ یُن زِ سہٕ آسہٕ تیمہٕ لحاظہٕ بڈ حبہٕ زِ سہٕ گوھہٕ نہٕ کُنہٕ خاص نظریہ کس حقس منز کُنہٕ تعصبس پَنہٕ نِن اُتھَن گچھ دِیُن پڑھنہٕ۔ پڑتھ کانہہ شہادت گژھہٕ حبہٕ سان پرکھاونہٕ تہٕ صحیح پاٹھی تولنہٕ یِنی چاہے سو کی ہنز ذاتی رایہٕ ہنز توثیق کَریانہٕ۔ ہرگاہ یہ کرنہٕ ییہٕ تیلہٕ چھُ ممکن زِ تَس ترِ فکرِ زِ مختلف زمرَن ہند بن قِصَن گژھہٕ مختلف طریقو وضاحت کرنہٕ یِنی۔ یوٗت یوٗت سہٕ مقبول لُکہٕ کتھن اُنزی منزٕ گژھہٕ تیوٗت تیوٗت گوھہٕ یمن ہندی تہہ بہ تہہ مَسلہٕ حل کرنس متعلق تُم سُند کانہہ اَکئے طریقہٕ پاناونک رُجحان کم کم۔"

یمن دٔلیلن ہندِس سلسلس منز پھرِ یہٕ لکہٕ وٕترکین ماہرن ہُند توجہ حاشین

کُن ۔ یِم چھِ یہِ توقع ہیتھ احتیاطہٕ سان سۆمراونہٕ تہٕ ترتیب دِنہٕ آمٕتۍ زِ یِم پھیرَن پَرَن وٲلِس ژٕلۍ ژٕلۍ متنَس یا ژٕلیلہِ ہٕنٛدٕن مختلف واقعَن کُن ۔ سارِنٕے کٲشرٕن تہٕ ہندوستٲنۍ لفظن چھےٚ وضاحت کرنہٕ آمٕژ ۔ ہرگاہ تِم خاص لفظ چھِ تہٕ تیٚلہِ تِمہِ صفحہٕ کِس أخرس پیٹھ یتھ منٛز یِم آمٕتۍ چھِ تہٕ ہرگاہ عمومی آسَن تیٚلہِ أخرس پیٹھ فرہنگس منٛز۔[1] تقریبَن چھُ پرٛتھ کہأنیہِ ہِنٛدِس رأوی سُنٛد ناو تہٕ پَتہ درج کرنہٕ آمُت ۔ یِمو تلہٕ یہِ ننان چھُ زِ لُوگن ہِنٛدی پرٛتھ طبقَن چھُ یہِ سۆمبرَن تیار کرنَس منٛز مدد دِژمُت ۔ قٲیِم مقام حٲکم، غریب گرٛیُس، پۆر مُت برٛہمن، اَن پڑھ مسلمان، حکیم، ناوِد، دوہہ مزٛدور کرن وول، چھۆت مَس وول بُڈ، مۆگُر بچہٕ یِمَن سارِنٕے یا یِمو منٛزٕ پرٛتھ کٲنٛسہٕ متعلق ئہ یہِ ہکہٕ وَنِتھ زِ یِم چھِ پۆرٕ پأٹھۍ یورپی اثرٕ نِشہٕ آزاد۔

(یَتھ موضوٗعس پیٹھ )لُوگن یہِ کتاب پیش کران چھُنہٕ معذرژ ہُنٛد ضرورت۔ کُنہٕ تہٕ ( علاقہٕ کِمن لُوگن ہٕنٛزٕن لُکہٕ کتھَن منٛز عأَلم لکھارٕن تہٕ باقَین ہِنٛدِ طرفہٕ اور کُن توجہ دِنہٕ یُن چھُ تِہنٛزٕ یِمن نسبت دلچسپی تہٕ یِہنٛزٕ اہمیت ظأہر کران ۔ یۆت تانۍ یِمہِ کتابہِ ہِنٛدِ طرزِ بیان تہٕ اسلوٗبُک تعلق چھُ تَتھ متعلق چھُم پرن والین گزأرِش زِ تِم ورتاوَن مےٚ نسبت نرم رٕوی ۔ مےٚ کُرنہٕ یِمہِ کہأنیہِ بلکُل ادبی صورژ منٛز پھیرنچ زیادٕ کوٗشش بُلکہِ کۆر مَکھ اَکھ مُناسب ترجمہٕ تہٕ زیادٕ تر کأم کُرم دوہدِشچہِ تبلیغی کامہِ پَتہٕ ژأنٛگی

---

[1] حاشیَن منٛز یِتھَن لفظَن ہنٛز وضاحت کُرنۍ چھَنہٕ یِتھ ترجمس منٛز ضروری بنان تِکیازِ پرٛتھ کانٛہہ کٲشُر سمجھَن وول چھُ یِمَن واقف تہٕ اَتھ ستۍ ستۍ یِم کینٛہہ وضاحتی اِشارٕ تہٕ حوالہٕ حاشین منٛز دِنہٕ چھِ آمٕتۍ تِم چھِ قأبلِ بحث ۔ لہٰذا آےنہٕ یِم حأشیہ تہٕ ترجمس منٛز شأمل کرنہٕ ۔

گاشس ۔ وۄنۍ یہِ کینژھاتہٕ یہِ پھٚنے دۄمید چھُم زِیہِ سَپد لُکہٕ ژٔترٕ کس تتھ ہُرٕ وٕنس خزانس اَکھ دِیٚت ثابت یُس سُہ اۆ بر دۄرکرنہٕ خاطرٕ سبٹھاہ کینٛہہ چھُ کران یُس ساعِن ماتحت علاقَن ہنٛد بن بُسکیٛن ہنٛد بن تمَن واریٛہن رسمَن، سوچَن تہٕ عقیدَن وٕلتھ چھُ ییٚمہٕ مطابق تم دۄہدِشچ زندگی چھِ گزاران، تہنٛد بن محسوٗ ساتَن چھِ قابو کران تہٕ یہنٛدِ دۄتھہٕ تیٛہنٛچ بُنیاد چھِ ۔

''ییٚمہٕ خوش یوٗنہٕ وادیہٕ'' ہٕنز یژھے بیٚنہٕ کینٛہہ لوکچہٕ لوکچہٕ لُکہٕ گتھہٕ گوڈھَن میانہٕ کتابہٕ Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings منٛز تہٕ نظرٕ ۔

کشمیر ۲۸/اپریل ۱۸۸۷ء

جے ہنٹن نولز

# ستہٕ زۄ نگ حیوان

أکِس بادشاہَس اوس پَنہٕ نِس فوجَس پٮ۪ٹھ سخت فخر تہٕ سُہ اوس فوجیَن پٮ۪ٹھ وارِیاہ پٔنسہٕ ٹوٗنک خرچاوان۔ تَس گیہٕ خاہِش زِ سُہ وُچھِ ہے وارٕ پأٹھی زِ تِم کِتھاہ مضبوٗط تہٕ قأبِل أسی۔ اَمہِ کِنہ دِیُت تِمی فوجہِ کِس زِٹھس حُکم زِ ژٕ سۄمبراوُکھ سأری فوجی شہرٕ نبر أکِس بٔڈِس مأدانَس منز۔ سام ہینہٕ کہِ دۄہہٕ آو بادشاہ وزیرَس تہٕ دیوان ستی ہیتھ اور تہٕ ییلہِ تِم فوجی مشقہٕ وُچھان أسی أتھی منز گوو اَکھ ستہٕ زۄ نگ حیوانا ظأہر تہٕ چھُ یمَن نکھہٕ اورٕ یور کران۔ أمِس وُچھِتھ سپُد بادشاہ سیٹھاہ حأران تہٕ یۄ ژھُن زِیہ گژھہِ مارنہٕ یُن مگر یہِ ژۄل۔ بادشاہ دوریاو گُرِس پٮ۪ٹھ أمِس پتہٕ تیوٗت تیز یوٗت گُر دٕوِتھ ہیوٗک تہٕ ییلہِ یہِ تقریبَن ژٕ میل دوریاو تہٕ حیوان رُکیاو، پانس دِژِن دِنَن تہٕ بٔنیاس اَکھ بۄ ڈ تہٕ ہأبتناک جن۔ پۄت پھیوٗر تہٕ مورُن بادشاہ تہٕ نیوٗن کھیتھ۔

وزیروژھانڈنووسُہ أٹھَن دۄہَن بٔڈ سخت پأٹھی تہٕ ییلہِ نہٕ أمی سُند کانٛہہ بۄ دباہادژاو تِمواؤن أمی سُند نیچوٗ تہٕ تھووُکھ یِہوے مألی ہنٛزِ جایہِ تختس۔

اکہِ دۄہہ سپُز أمِس جوان بادشاہَس زبردست خاہِش یہِ زانُنہٕ خأطرٕ زِ

أمِ سُنْد مول کمہِ وجہ کنۍ گنْدریاو۔ تمۍ کرۍ وزیرِ سائلم کینْہہ وَننہٕ خاطرٕ مجبوٗر تہٕ یِیلہِ أمۍ سوٗرے کینْہہ بوٗزتہٕ أمۍ دِیُت بییہ تیتھے بڈٕ معاینُک حُکم۔ یتھ منٛز سوٗرے فوج تتھۍ کرِ جایہِ سمہِ ہے ییتہٕ أمۍ ہِنْدِس سأکی ہِنْدِ وَقتہٕ امہِ مقصدٕ سمیٛوٗمُت اوس۔ مُقرر کرنہٕ آمتِس دوہَس پیٹھ گووسہٕ پنٛنۍ سأری دربأرۍ ہیتھ یہِ وُچھنہٕ خاطرٕ اور۔ تمن اوسنہٕ وُنہٕ زیادٕ کال اَتہِ گوٗمُت زِ سَتہٕ زوٗ نگ حیوان تہِ آوبییہٕ تہٕ تمن کُن ووکھہٕ پأٹھۍ گگرائے کرِتھ دزاو اتہِ۔ییلہِ بڈۍ وزیرَن یہِ وُچھ تہٕ تمۍ کر اوٗس زورٕ زورٕ۔

''کیاہ دٔلیل'' بادشاہَن پرٛژھُس۔

وزیرَن دِتُس جواب ''مےٚ اوٗس اِ کنۍ زِ یہِ چھُ سُے حیوان ییمۍ چأنِس مألِس اَسہِ سارنٕے ستۍ أستھ پأنِس کُن گل کِجییہِ۔''

''اَچھا۔تی چھا حقیقت۔تیلہِ مارَن ئہ یہِ تِکیٛازِمےٚ ییہِ نہٕ توت تانٛ آرام یوٗت تانٛ نہٕ یہِ دشمن گلہِ۔''

یِی وننان کوٗر بادشاہَن گرِس کُھچِہ تہٕ دوریاو أمِس پَتہٕ۔حیوان روٗد أمِس برٛ وٗنہہ برٛ وٗنہہ کینٛہہ دوٗرتانی دوان یتھہٕ کنۍ أمۍ أمۍ ہِنْدِس مألِس کریا وتہٕ پَتہٕ رُکیاو، دِژِن پأنِس دَنَن تہٕ آوپننِہ اصلی شکلہِ منٛز تہٕ ہیٛوٗنس پیٛٹھے ووٚتھ تڑاوِنی۔اَتھ مصیبتَس منٛز کوٚر بادشاہَن عأجزی سان بڈِس خدالِس کُن التجازِمےٚ بچاوتہٕ تہٕ خدا صأبَن سوٗزا اَکھ فرشتہٕ زِ سُہ ہاوِ أمِس زِ ژِ کتھہٕ کنۍ کرکھ أمِس جنٛس ستۍ جنگ۔

فرشتَن ووٚنُس ''یہِ چھُ سارِوے کھوتہٕ طاقتورٕ جِن، یوٚت تانٛ زِنْدٕ چھُ تہٕ أمِ سُنْد اَکھ خوٗنہٕ قطرٕ زمینِس پیٹھ پییہٕ تتھ بَنہٕ تمۍ وِزِبیا کھ جِن سُہ تُلہِ ووٚتھ تہٕ ماری

ژے۔ مگر کھوژمہٕ رَٹھہٕ دُروہٕ تیر تہٕ چلاوُس دۆن اُچھَن۔ یُتھ یہٕ پٔتھر پییہٕ تہٕ مرِ پتہٕ دراویہٕ فرشتہٕ۔

پتھہٕ پأٹھی گیہٕ اُمِس ہمت تہٕ پۆک بادشاہ بڑ وٕنیہ کُن۔ ژتجی ہَن منٹن گرِن جنس ستی لڑأے تہٕ پتہٕ چلووُنس یہٕ دُروے تیر دۆن اُچھَن تہٕ پتھہٕ کنٕ ژھنٔن یہٕ مأرِتھ۔ییلہٕ اُکی وُچھ زِ یہٕ دُشمن مۆدتہٕ بادشاہَن کڈ تلوار تہٕ ژٹنس کلہٕ ہیر تہٕ یہٕ پنہٕ نس نیزس پیٹھ تُلتھ دژاویہٕ محل خانس کُن ییتہٕ یہٕ اُکی عمارژ ہنٛد بوہہ ساس کمرو منٛز اُکس منٛز تھووتہٕ کُنژ کرِن ماجہٕ حوالہٕ تہٕ وۆننس زِ پنہٕ اَتھ کمرس زانٛہہ تہٕ درواز مژراُدِو۔

مگر تمۍ وۆن نہٕ پننہٕ ماجہٕ یہٕ زِ کیاز اوس یۆت احتیاط سان اتھ کمرس قُلف کۆرمُت تہٕ تَس باسیاو اَتہٕ آسہٕ کانٛہہ خاص خزانہٕ تہٕ تمِس ہُریاو تجسُس تہٕ اکہٕ دوہہٕ صُبحأے گیہٕ کمرس کُن تہٕ مژرُن دروازس قُلف۔ مگر اَتہٕ گوس نہٕ کہنٛہ تہٕ نظرِ تِکیاز بادشاہَن اُس یہٕ کلہٕ ہیر کۆنس منٛز دِژہرٕ دأرِتھ۔ وۆں گوواَتہٕ گوواُسُن تہٕ پتہٕ اَکھ آواز یوسہٕ ونان اُس "چون نیچو چھُ اَکھ جن۔ تمِس نِشہٕ رٔزی زِ حبہٕ، سُے چھے اَکھ جن کُنہٕ وِزِ مأری سُہ ژے پتھہٕ کنٕ بہٕ مورنس، چون خانہٕ دار۔ سُہ کڈُن محل خانہٕ منٛز ہرگا ژے زِنٛدٕ چھی روزُن۔"

"یہٕ کتہٕ چھے آواز یِوان! ژ کیاہ چھکھ ونان؟" بادشاہٕ سٕنٛز موج چھس پرژھان۔

"ژ لاگ بمار تہٕ نیچوس وَن مے اَن سیمنہٕ ہُنٛد دود۔ ڈٕلِ زبس پانے گژھ

تہٕ یہِ اوٚنۍ کَر کوٚشش" کلہٕ ہیر وۄنُس۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحاے دژ او بادشاہ مغمۄم تہٕ دِلس غبار ہیتھ اَکِس جنگلس کُن ییتہٕ سہہ تہٕ باقے جنگلی جانور پھیران اَسی۔ تِمۍ وُچھ اَکھ سیمنۍ پنٕنۍ زِ بچہ ہیتھ تاپھ دِوان۔ یہِ کھوٚت کُلس تہٕ لوٚیُن سیمنہِ ہیٚژ اَکِس بَبہ کان۔ یہِ اُس سوے بَب ییتھ اتفاقن اُمس سیمنہِ کینژہ ودوہَو پیٚتھہِ کیا ہتانٕ لَل ہش آسنہٕ کنۍ زبردست دَگ اُس۔ تیر لگنہٕ ستۍ پھٔٹ یہِ لَل تہٕ یکدم ژٕج (سیمنہِ) دَگ۔ دَگہِ نشہِ آرام میلنہٕ کنۍ وُچھ سیمنہٕ شکریہ کہِ اندازٕ ہیوٚر کُن تہٕ کوٚرُن بادشاہَس درخاس زِ ژٕ وَس بوٚن تہٕ وَن یہِ کینژھا تہِ ژٕے خاطرٕ بہ اَنتھ ہکہٕ۔ بادشاہَن وۄنُس زِ مےٚ گژھہِ نہٕ کہنۍ ماسوایہِ پننہٕ بیمار ماجہِ خاطرٕ چون دودٕ قطرا تکیازِ تِمس چھُ عجیبے پاٹھۍ یوٚہے علاج باسان۔ سیمنہٕ بوٚر خوٚشی سان سہٕ پیالہٕ یُس بادشاہَن پانس ستۍ اوس اوٚنمت تہٕ بیٚیہٕ دِژُنس پنٕنۍ جوٚرژھا تہٕ وۄننس "یٔیلہِ تہِ ژٕے کانٛہہ مُشکل اَسی یہِ اَسی زِ آفتابس کُن ہاوان تہٕ بہ یِیے فوٚرَن ژٕے مدد کرنہٕ خاطرٕ۔" دودٕ ہن تہٕ جُرٕ ہَن رٔٹتھ آو بادشاہ محل خانس منز واپس۔

یٔیلہِ اَمۍ ستۍ ماجہِ یہِ سیمنہٕ دودرۄٹ تَس پیٚٹھ پوٚرٕ پژھ زِ اَمۍ سُند نیچو چھُ جِن تہٕ وۄنۍ کوٚرُن پتۍ مہِ کھوتہٕ زیادٕ شقہٕ ارادٕ اَمس مارنک۔ سو گیہ تتھ کمرس منز یتیہ سو کلہٕ ہیر اُس تہٕ وۄنن اَتہِ وَنن واَلس سأگم کینہہ تہٕ اورٕ بوٚزن یہِ آواز "تۄ ریہ وۄنۍ پوٚرپاٹھۍ فکرِ زِ یہِ چھے جن۔ تکیازِ صرف ہیکہِ چِنے یوٚت سیمنہٕ نشہِ دود حاصل کٔرتھ۔ ژٕے یُت جلد ممکن سپدی تیُٔت یہِ ژھٔنُن مأرتھ۔"

اَمہِ پٕژھُس "مگر مےٚ کتھہٕ پاٹھۍ ووتھہِ اَمس نشہِ تھ۔"

اورِ آلیس آواز'' ییٚلہِ چون یہِ نیٚچو ژٕے نِشہِ ییٚہِ تہٕ پرٕژھی کیاہ خبر چھےٚ ژٕ وٕنۍ زبس مےٚ چھےٚ ؤنہِ واریہہ کمزوری باسان تہٕ بیٚیہِ چھس بہمارٕ ے۔ سہٕمنہِ دوٕ دٕستو تہٕ گیم نہٕ خاص فرقا۔ مگر ژٕ ے اُسی تٔمس شہزادِ متعلق بۆزمُت یوسہٕ فلأنی بالس پیٹھ کُنی زٕنۍ اٚکس محلس منز چھےٚ روزان تہٕ ہرگاسو (شہزاأدی) ییٚہِ تہٕ مےٚ چھُہہ دِیہِ بٔہ گرٕھہٕ ٹھیک۔ چون نیٚچو گرٕھہِ اَتھ خطرناک محلس منز تہٕ ضرٕور مرٕ وٕتے۔''

شامَس بأ گرٕ گوٕو بادشاہ ماجہِ نِشہِ تہٕ پرٕژھنَس ''چھکھا وۆنی ٹھیکے؟''

''نہ'' تٔمہِ وۆنُس ''سہٕمنہِ دوٕدٕستو گیہِ نہٕ مےٚ رٕژھہِ تہٕ فرق مگر مےٚ ؤچھ خابس منز زِ فلأنی محلَس منز چھےٚ اَکھ شہزأدی روزان سو ہرگا ییٚہِ تہٕ مےٚ اَتھہِ لاگہِ بٔہ گرٕھہٕ پۆرٕ پأٹھۍ ٹھیک۔ یوٚت تانۍ نہٕ سو ییٚہِ توٚت تانۍ بَلہٕ نہٕ بٔہ پۆرٕ۔''

''موج۔ روز ژٕ آرامہٕ سان، بٔہ اَنَن سو زنانہٕ چانہِ خاطرٕ نَتہٕ ترٕاوٕ بہٕ بادشأہی۔''

صُبحس صُبحأے دٕرٕ او بادشاہ اَتھ کرٕ تھِس سفرس۔ تٔمس اُسنہٕ سوٚ جُرٔہن مُشتھ گمرٕ۔ تِتھے افتابہِ کھوٚت تہٕ اُکی ہأویہِ اَتھ کُن تہٕ فورَن پییہِ ۂمنز تہٕ تٔمی سِندی زِ بچہٕ تٔمس نِشہِ وأتتھ۔ سہٕمنہِ پرٕژھُس ''کیاہ ڈلیل چھےٚ؟''

''مےٚ چھُ گرٕھُن تہٕ سوٚ شہزأدی اَنٔنۍ یوسہٕ ہُتھ محلس منز روزان چھےٚ۔''

''اَنٔنۍ چھےٚ! ژٕ ہسٔکھ نہٕ یہِ کرِتھ۔ واریہو کرٕ ییٚہِ یہِ کوٚشش تِکیازِ ییٚہِ شہزأدی چھےٚ سبٕھاہ خوٚبصورت۔ مگر کانٔہہ اَکھا سپُد نہٕ اُمس نِش واتنس منز کامیاب۔''

''بٔہ کرٕ کوٚشِش یُدوٕ ے زَن مےٚ اَتھ منز ژٕ نِشہِ تہٕ اَتھہِ چھلُن پییہِ'' لی

ونان دژ اوپہِ بادشاہ۔

سیمنہِ گوونہٕ یہِ برداشت ژِ اُمی سُندِ یہِ سوچھ کرن وول کیاہ نیرِ تہٕ تھٕ کنی اُمِس نِشہِ۔ لہذا دوریبہِ سوپنژ دونوے بچہِ ہیتھ اُمِس پتے تہٕ کورنس زارٕ پارٕ زِ ژٕ کھس مے سوارِ۔ تم واتی جلدٕ ے مجلس نِش۔

سیمنہِ وونس ''یتھ جایہِ چھےٚ ترٕ ے برنہِ یمو منزی شہزادِ نِشہِ واتنہٕ خاطرٕ ضرٗری چھُ نیرُن۔ گوڈنچہ برنہِ نِشہِ چھُ اکھ بوڈ شستر پوٗٹ یُس اکہِ ہچہِ مکہٕ ستی پھٹرُن چھُ نتہٕ کھُلہِ نہٕ یہِ برن۔ دوٚیمہِ برنہِ پیٹھ چھےٚ اکھ نقلی گاوِیس اُندی اُندی اصلی ژِن چھِ۔ ہر گاہ کانہہ نفر اُمِس گاوِ ودِ دِپیہٕ سہ ہیکہِ اَمہِ (برنہٕ) نیرِتھ۔ تہٕ ہر گاہ نہٕ تہٕ ہیوٚکُن گرِتھ تِمس نن تیلہِ ژِن کھیتھ ترٕیمہِ برنہِ نِشہِ چھےٚ پانہٕ شہزادی بیہان۔ ہر گا تِمس ژٕ خوش کَرَکھ تہٕ کری ژٕ ے استقبال تہٕ ہرگاہ خوش کوٚرہَس نہٕ تیلہِ ژٕ ھنی مارِتھ۔''

یہِ بوٗزِتھ کھوٗژیہ بادشاہ تہٕ سیمنہِ کوٚرُن درخاس زِ مےٚ کر مدد۔

''چلو ٹھیک چھُ'' تمہِ ووٗنس ''مےٚ چھُ اکھ جودیمہِ کٔنی یُہ شستر برنہِ پٔتہِ اُژِتھ ہیکہٕ تہٕ یام ژٕ اُتھ ہچہِ مکہٕ ستی ٹاس والکھ تہٕ یہٕ گراتھ زِ کھنجہِ تہٕ تہٕ تھٕ کنی تارتھ ژٕ یہٕ گوڈنچہ برنہِ اپور۔''

''تہٕ یُہ'' ووٗنس اُکی لوٕکٕ ٹہٕہن ''یُہ دیاوَن گاوِ ہنز مورت دود تہٕ تم ژِن یم اُمِس اُندی پکی چھِ تہٕ ژٕ ے اُمِس دودہٕ مبس منز ٹھور کرنے تم رنگھ پتھ تہٕ تھٕ کنی ہیککھ ژٕ دوٚیمہِ برنہِ اُژِتھ۔''

بے لوٗ کرٕ سیٹھن ووٗنس "تہٕ بہٕ ترٛاوٕ شہزادِ ہٕنٛز ن اُچھن منز تیٚتھ جود زِ تیٚتھے سو

ژٕے کُن وُچھِ تَس باسہِ ژٕ چھکھ آفتابَس ہیوٗ پزٕ و ترٛ اوان تہٕ خوٗبصورت تہٕ ژٕے

وُچھتھ گژھہِ ترٛ ہ متأثر زِ سومرٕ راوِترٛ تیم بَرن تہٕ یہِ ژٕ وَنہٕ ہَس تی کَرِ۔"

وفادأریہِ سان کَری تِمو ترٛ نو یو پٔنٛنۍ وعدٕ پوٗرٕ۔ بادشاہ ووت ٹھیک پأٹھی شہزادِ

زِنشہِ تہٕ سو سپٕز اُمی ہِندِ حُسنہٕ تہٕ طاقتہٕ کِنۍ زبردست متأثر تہٕ اُمِس نسبت پنٕنہِ زبردست

محبتُک کوٗرُن اظہار تہٕ کوٗرُنس پٔنٛنۍ آشنی بناونہٕ خاطرٕ التجا۔ پتہٕ آیہِ تِمنۍ تہٕ کِمی ہِنٛدی زٕ

بچہٕ پنٕنہِ گوپھہِ منز۔ کیٛژھہ دوٗہی پتہٕ نیہِ بادشاہَن شہزأدی پانَس سٕتی پنٕنہِ نِس محلس منز

"موج"، تِمی ووٗن "مےٚ اُنی شہزأدی۔ ہے سوٕ کرٛاہ خوفناک جاے اُس تہٕ وَتھ تہٕ

کرٛاہ خطرناک اُس! بہٕ آسہٕ ہاوَتے موٗدمُت ہرگانہٕ مےٚ تِمنۍ تہٕ کِمی ہِنٛدی زٕ بچہٕ مدد

کَرہَن شُکر خدالیس کُن زِبہٕ ووٗتُس وارٕ کارٕ یور واپَس۔" اُتھی متعلق بیٚنہِ تہٕ کتھا کتھا

کران ووٗن کِمی اُمِس جِنہٕ گلہٕ ہیرٕ ہُنٛد تہٕ زِ سہٕ جِن کیٛتھہٕ پأٹھی اوس سٕتہٕ زوٗ نگ حیوان

بٔنِتھ تَس برٛ وٗنہہ کُن آمُت تہٕ پتہٕ واتنوٗن لتہٕ دوٗرٕ اُکِس جایہِ یٔتہٕ یہِ پنٕنہِ اصلی شکلہِ

منز آو تہٕ یہِ اَکھ بارٕ تہٕ خطرناک جِن اوس۔ یہِ اوس مےٚ پیٛٹھ ووٚھترٛ اوٗنس تیار تہٕ یہِ مارِ

ہے تہٕ کھیٚیہِ ہے مےٚ تہٕ تِتھے پأٹھی یتھہٕ پأٹھی اُمی میأنِس مأکِس سٕتی کوٗر مُت اوس ہرگا

نہٕ زَن خدا صأب اُکِس فرشتس مےٚ مدد کرنہٕ خاطرٕ سوزِ ہے۔

یہِ بوٗزِتھ سپٕز اُمی ہِنٛز موج حأران تہٕ ووٗننس "میانہٕ گوٗبرٕ۔ مےٚ لوٗگ

دھوکہٕ۔ تِمہٕ دوہہٕ شامَس بیٚلہٕ ژٕے مےٚ زِنشہِ محل خانہٕ چہٕ کُنٛزٕ بِنیٚتھ بہٕ گیس کینژہٕ ن کمرن

کُن یوٗت تانی بہٕ تتھ کمرس نِشہِ وأتِس یٔتہٕ مےٚ اَکھ آواز بوٗزٕ۔ مےٚ بیٚلہِ اَتھ متعلق

زاںٛن یۆ ژھ تہٕ آواز آیہِ ''حبہٕ روزِنہٕ نیٖچو مأرِتھ ژٕھنی تِکیا زِسہٕ چھُا کھ ژِن۔ بہٕ چھسے
چأنِس خانہٕ دارِ سٕنٛز گلہٕ ہیر۔ أمۍ موٗرُس بہٕ۔ أمِس نِش ٹُلناو پأنس تھپھ نتہٕ ماری یہِ
ژے تہِ۔ میانہِ گۆبرٕ مےٚ کرأتھ آوازِ پرٛھ تہٕ أہنٛدِ سِۍ وَنِس پیٹھ سۆز مَکھ ژٕ مےٚ
سیٖمنہِ دودأنہٕ تہٕ یہِ زأنتھ زِ ژٕ گرٛھکھ أتھی کۆششہِ منٛز مارٕ ۔ مےٚ وۄنۍ ژےٚ شہزأدِ
انہٕ خأطرٕ یہِ زأنتھ زِ اوروأنٛج وَتھ أس سیٹھا ووکھہٕ ۔ مگر ژےٚ اوسُے خداصأبٕ سٕتۍ تہٕ
تُٔمی سوزُے ژےٚ فرشتہٕ تیٚمۍ ژےٚ وَتھ ہأوِ ے تہٕ بیٚیہٕ کرنووُنے سیٖمنہِ تہٕ تُٔمۍ ہٕنٛد بن بَچِن
ہٕنٛدِ ذٔریعہِ مدد۔ شکر تَسُنٛد۔ تَمہِ روٗٹ نیٖچو نالہٕ مَتہِ تہٕ دِژٕن وَدَن ٹانگہٕ۔

اَمہِ پَتہٕ کۆر کٲمی بادشاہن شہزادِس سٕتۍ کھاندر تہٕ گنٛدٕرن باقے زندگی
اَمَن تہٕ خوشحٲلی سان۔

(راوی: شِو بایو۔ رِنیٖ وور سرینگر)



# برأ ریوسۂ ملکہ بنیہِ

''واے، واے کیاہ گوم! مےٚ کیاہ فأیدٕ آو یِمَن زنانَن ءِستی کھاندر کرُن؟ مےٚ بَخشِن نہٕ خدایِن اَکھ نیٚچو، بہٕ مَرِ تہٕ میٚون ہیٚیہٕ نہٕ ییتھ مُلکس منٛز ناو تہٕ کانٛہہ۔'' یہٕ اوس کَشیرِ ہُندٕ اَکھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ بادشاہ پانہٕ سے ءِستی ونان تہٕ پَتہٕ ژاو حرم خانس منٛز تہٕ دِژن پَنٕنین زنانَن جلاوطن کرنٕچ دھمکی ہرگانہٕ تِمہٕ بڑو ٹھَس تام اَکھ نیٚچو ہیکَن دِتھ۔ زنانو لاج زأری سان شِو بھگوانَس اَہی کرِنی زِ سہ کری تَن یِمَن اتھہٕ روٗٹ۔ ییتھ یِمہٕ بادشاہ سنٛز خاہش پوٗرٕ ہیکہٕ ہَن کرِتھ تہٕ روزٕ کیٚنژن رِتَن سبٹھےٚ فِکر مندی سان پڑاران تہٕ نااُمیدی منٛز تہٕ وومیدرَ چھان یوٚت تانٛ تِمَن اَخرکار یہٕ فِکرِ تورزِ یہٕ سأئلم سوچنے چھُ ئلی تہٕ ہرگا یِمَن شأہی محلَس منٛز روزُن چھُ تیٚلہِ پیٚیہٕ یِمَن کیٛنٛہہ فریب ورتاوُن۔ لہٰذا آیہٕ اَکس مُناسِب وقتس پیٹھ بادشاہَس یہٕ شیٚچھ واتناونہٕ زِ تِمی سنٛز اَکھ زنانہٕ چھےٚ گوبہٕ کھورتہٕ اَمہِ پتہٕ کِہے کالٕک آیہٕ نبرتہٕ یہٕ کتھ تُژ اونہٕ زِ اَکھ لوءکٕٹ شہزأدی پیٚیہٕ تھنہٕ۔ مگر یہٕ زَن اَسہٕ گوڈے وۄن زِ یہٕ اُس نہٕ حقیقت۔ ییتھ اوسنہٕ کیٛنٛہہ سپُد مُت۔ بڑراوس یہٕ زِ اَکس بڑا رِاَسی وارۍہہ بڑارِ بچہ زاہتی تہٕ یِموے منٛز اوس اَکھ بادشاہ سنٛز وزنانو روٗٹمُت۔ییٚلہِ بادشاہَن یہٕ خبر بوٗزسہ سپُد سبٹھےٚ خوش تہٕ حکم دِتُن زِ بچہِ اَنیوٗن یوٗر کہٕ مےٚ نِش۔ یہٕ اُس اَکھ فطری کتھ ییٚمیک بادشاہ سنٛزن زنانَن

گوڈَے اندازِ اوس لہذا اوسکھ گوڈَے جواب تہٕ سوٗچتھ "گرٛھ تہٕ وَن بادشاہَس"
تِمو وۆن شیٚچھِ اَنِن وأرلِس "برہمنو چھُ وۆنمت زِ بچس گرٛھہِ نہٕ توٗت تانی مول وٗچھن
یوٚ تانی نہٕ أمِس کھاندر سَپدِ" لہذا اَروٗد معاملہٕ کینژَس کالَس پیٚچہِ تلِے۔ بادشاہ روٗد
مُتوأترِ أمِس کورِ بچس متعلق پرٛژھہٕ گأرکران تہٕ اوہٕ اوس أمی سنٛزِ دأنأیی تہٕ خوٗبصورتیہ
متعلق حأران کرٕ دِنہِ گتھہٕ بوزان تہٕ ژتھہٕ کنۍ اوس أمی سنٛزِ خوشیہ ہُر برسپدان۔ پژی
کنۍ اُس تِمس نیٚچوٕ سنٛز گار مگر دَیس أس نہٕ أمی سنٛز یہِ خأہش پوٗر گرٕنی لہذا اوس پنٕنہِ
نِس دِلَس یہِ تسلی دِوان زِ یہٕ گرِ أمِس کورِ تِتھس شخصَس ستی کھاندریُس أمِس لایق آسہِ
تہٕ مُلکَس حکوٗمت کرنَس اہل آسہِ۔ اِوکنۍ وۆن أمی أکس مُنأسِب وقس پیٹھ پنٕنین
مُشیرَن زِ تِم ژھأنڈِن أمی سنٛزِ کورِ خأطرِ منأسب لڑکہٕ۔ جلدٕ ےآوأکھ دانا، رُت تہٕ
خوش شکیل شہزادِ تلاش کرنہٕ تہٕ کھاندرٕ چ تہٕ آیہِ وٕلی وٕلی تیأری کرنہٕ۔ وۆنی کیٚاہ کرہَن
بادشاہ سنٛز زنانہٕ؟ وۆل ہیکہٕ ہَن نہٕ تِمہٕ اَمہِ زیادٕ پَٹِن یہِ فریب پکنأوِتھ۔ مہرازٕ ییہ تہٕ
ییٚژھہِ پَنٕنہٕ زنانہِ وٗچھن تہٕ بادشاہَس تہٕ آسہِ توقعٕ یہٕ وٗچھن یہِ۔

جان گرٛھہِ "تِمو وۆن" زِ أسی انون یہِ شہزادِ تہٕ ونوس سورُے کینٛہہ تہٕ باقیس
مُتعلق وٗچھو کیٚاہ آسہِ سَپدُن۔ بادشاہ سُنٛب نہٕ۔ تِمس ہیکو کینٛہہ جواب دِتھ۔ یُتھ تام سُہ
مطمئن روزِ" لہذا انوو تِمو شہزادِ تہٕ وۆنہَس سورُے کینٛہہ مگر اَمہِ بۆزتھ اوس ہَس قسم
تھوومُت زِ سُہ تھاوِ اُتھ سأری ہے رازتہٕ یہِ وَنہِ نہٕ پَنٕنہٕ نِس مأرلِس تہٕ ماجہِ تہٕ۔ کھاندر
آو سبٕتھے شاندار پأٹھی کرنہٕ یہِ زَن یِمَن بڈٕ بن تہٕ دولتمند بادشاہَن شوٗبہٕ ہے تہٕ بادشاہ
آو سہل پأٹھی یہِ مأنی راونہٕ زِ زانپانہٕ۔ یتھ مزٕ مہرٕنی أس تِتھ دِیہ سُہ محل خانہٕ مزٕتَس

دُچھنہٕ ورأیی کڈنُک اجازت۔ ڈولہِ منٛز اُس بڑٕ آریوسہٕ حفاظت سان شہزادِ ہٕنٛدِس مُلکَس منٛز واتنہٕ۔ شہزادَن تھووأمِس بڑارِ ہُنٛد پوٗرٕ خیال یوسہٕ تٔمۍ پننہٕ نِس ذأتی کمرس منٛز قُلف کٔرِتھ تھأوتہٕ کأنٛسہِ دِتٕن نہٕ اوراندٕ راتھ نُک اجازت، پننہٕ نِس مأنٛلِس ماجہِ تِنہٕ۔

وۅٚن گوو، اکہِ دوہہٕ ییلہِ شہزادِ گرِ نبر اوس أمۍ ہٕنٛزِ ماجہِ سۅٚنٛچ زِٔبہ گرٕھہٕ تہٕ گرِ درواز نیبری پننہِ نوشہِ ہٕتۍ کتھ۔ ''کوٗری۔ ہے نوشہِ کوٗری'' اَمہِ کوٗرِس آلو'' مے چھُ افسوٗس زِ ژٕ چھکھ یتھ کمرس منٛز بنٛد آمژٕ کرنہٕ تہٕ کأنٛسہِ وُچھنس تہِ چھی نہٕ اجازت۔ ژٕ آسکھ تنگ گژھان۔ وۅٚن گوومے چھی اَز گرِ نبر گژھُن لہذا ہیٚککھ ژٕ گمرٕ منٛز گنہِ خوفہٕ ورأے نیٚرِتھ زِ ژٕ کیاہ وُچھہَن کانٛہہ۔ نیرکھا ژٕ نبر؟''

برارِ توٚ ریہِ سورُے فِکرِ تہٕ وۅٚ دُن سبٹھاہ برابر انسانہٕ ہٕنٛدی پأٹھی۔ واے أمۍ سُنٛد یہِ اوٗش ہارُن اَمہِ ہٕتۍ ژھینٛزِ اَکس ماجہِ ہنٛزِ وأنٛج لہذا کوٚر اَمہِ یہِ پختہٕ اِرادٕ زِٔبہ گرٕ نیٚچوِس ہٕتۍ اَتھ معاملَس پیٹھ سبٹھے ژری پأٹھی کتھ تہِ تھُے نہٕ گرٕ واپَس ییہِ۔ یِم اوٗش قطرٕ وأتی پاروتی ہٕنٛد بن کنٛگن تانی یوسہٕ فورَن پننہٕ نِس آغس نِشہِ گیہ تہٕ کوٚرنس زارٕ پارٕ زِ أمِس بچارِ بڑارِ پیٹھ گر دَیا۔ ''وَن أمِس'' شوٗن وۅٚنُس ''ژٕ مَتھ پننہٕ نِس ہٕمسلَس تِلہِ ہناتہٕ یہِ بنہِ اَکھ خوٗ بصورت زنانہٕ۔ أمِس میلہِ تٔتھی کمرس منٛز تیل ییٚتہِ یہِ وُنی کمن چھے ''پاروٗتی وانتأو کانٛہہ وقت راورنہٕ ورأیی یہِ رٕژ خبر بڑارِ یِمہِ ژٕلی ژٕلی پننہٕ نِس سأری ہٕے جسمس یہِ تیل موٚتھ۔ تہٕ یتھہٕ کٔنٛز بنیہِ یہِ تِرژ مأری منٛز زنانہٕ ییٚژ نہٕ دُنیاہَس پیٹھ زانٛہہ کانٛہہ اَسٕمژٕ ے چھے۔ مگر اَمہِ تھأوأ اَکس پھکِس پیٹھ اَکھ جایہِ رَژھا۔ تِتھ نہٕ تیل موٚتھُن تہٕ اَتھ جایہِ روٗز أمِس بڑارِ جتھے یُتھ زَن أمۍ ہٕنٛدِس کھاندارِس یہِ باسہِ نہٕ زِ یہِ

ژھے کانٛہہ چالاٗ کی تہٕ کر بس انکار۔

شامس ووت شہزادِ تہٕ لتہٕ وٕچھن پنٛنی ماٗری منٛز آشنی تہٕ سێد سبٹھاہ خوش۔ اَمہٕ کنٛی ژٕ ج اُمس سو ساٗرے پریشانی یوسہٕ اُمس یێمہٕ کنٛی سپز ہو اُس زِ یہٕ کیاہ دِمہٕ ماجہٕ ہنٛد بن تٔمن کتھن جواب یمن پیٹھ سوٗٹھانٛی لاگیم۔ تمس اُس صرف اَکھ خوش وٕنی، اَسوٕنی، خوٗبصورت مہرِ نی وٕچھنی یتھ زٔن تمی سُند سورُے خوف دوٗر گوٗ ھِ ہے۔

کینٛہہ ہفتہٕ پتہٕ گو وشہزادِ پنٛنی زنانہٕ ہیتھ پنٛنہٕ نِس ہێنبرٕ بابس نِش یَس پزٕی کنٛی پہٕ بیوٗٹھ زِ شہزاٗدی اُس تیسٕژ کوٗرتہٕ سہ سێد پزنہٕ پێٹھی خوش۔ تمی سٕژ وزنانوتہٕ منوو جشن تکیاٗ زِ تہنٛز اَہی سپز قبوٗل تہٕ تمہٕ بچیہٕ زٕو۔ کینٛہہ وقتہٕ پتہٕ کوٗر بادشاہَن پنٛنی مُلک شہزادس حوالہٕ تیمی پتہٕ دوشوٕنی مُلکَن حکمراٗنی کر۔ پنٛنہٕ نِس ماکی سٕندس تہٕ تہٕ ہێنبرٕ بابہٕ سٕندِس تہٕ۔ تہٕ پتھ کنٛی بنیٛا وٕ دُنیا ہُک سارِوے کھوٗتہٕ ناماوارتہٕ دولتمند بادشاہ۔

(راوی۔ راٗز۔ سرینگرٕ روزن واجنی اَکھ ہٹنی تہٕ سوٗمبرَن وول پنڈت آنند کول، زاٗنہٕ کدل۔ سرینگر)



# سخی حاتم

اکہِ وقتہٕ اوس اَکھ غریب شخصا یُس زِیُٚن ژٔٹھ تہٕ ژُنتھ کینٛہہ پنسہٕ اوس زینان۔ تِمس اُس پَنُن پان تہٕ زنانہٕ تہٕ ستھ کورِ پالنہٕ خاطرٕ سخت محنت کرٕنی پیوان۔ زاتھہہ اوسُس نہٕ ماز پھوٚلا وُٹھن تانی واتان، زاتھہہ اوسُس نہٕ کھوٚرن کھوربانہٕ پُوران تہٕ صرف اوسُس کمرس پیٹھ اَکھ جندا آسان۔

اکہِ دوہہ اوس سُہ ڈیوٚلے ہیوٚ تہٕ رژھا آرام کرنہٕ خاطرٕ ترٛاوُن اَکِس گُلس تَل لر۔ اَمہِ وِزِ اوس پھرٛ ژٔژ جاناوار راز ہوٚنزٕ لیاری وُڈان تہٕ اَمِس شخصہٕ سنٛز غریبی تہٕ بیمٲری وُچھِتھ آس اَمِس پیٹھ عار۔ اَمہِ رٚنز وٚتھ سُہ تِمس رٚنز وُچھِ تہٕ ترٛاوُن اَمی سِندِس زِنٛی بورَس نکھہٕ سونہٕ سُند ٹھوٗل۔ اَمہِ پتہٕ کیٛہ کٲلی یِیلہِ زِنٛی مزٛور وٚتھ تہٕ اَتہِ وُچھن یہِ ٹھوٗل یہِ تُلن تہٕ تھووٗن یہِ پننہٕ نِس ہلہِ گنڈٕنِس منٛز ژٔلتھ۔ پنُن بور تُلُن تہٕ گوٚو واٗنِس نِش یُس اکثر اَمِس یہِ مُلی ہوان اوس۔ اَمی کُن یہِ ٹھوٗل تہٕ معموٗلی قیمتس اَمی ہے۔ اَمِس اُس نہٕ پتہٕ زِ یہِ کیاہ خاص ٹھوٗل اوس مگر واٗنِس اوس یہِ پتاہ تہٕ وُنِٛس گژھ تہٕ سُہ جاناوار تہٕ اَتُن رٚٹھ تیمی یہِ ٹھوٗل ترٛووتہٕ یہِ دِمے ژٔے اَکھ روپے انعامہٕ۔ اَمی شخصن کوٚرُس وعدٕ تہٕ پگہہ کٔنِتھ گوٚو دوہہ شکی پاٗٹھی زِنٛی بوراَنہٕ

خاطرٕ جنگل۔ واپس یِوٚن بیوٚٹھ سُہ تُتھی کُلس تَل تھَکَس ییٚتہٕ تُمی ٹھوٚل اوس لوٚبمُت تہٕ لٲجِن
اپزُ ے رٕنٛدٕ ر۔ راز ہوٚنزٕ آو بییٚہٕ تہٕ وُچھن زِ یہ اوس تِتھے غریب تہٕ زوتہٕ۔ یتھ گوڈٕ اوس تہٕ
سوٚنٛچُن زِ أمی آسہِ ہے نہٕ کالہٕ ٹھوٚل وُچھمُتے لہذا آو تہٕ ژٕ ووٚن أمِس نکھے تٕھ جایہِ
بیٚا کھ یتھ پٮ۪ٹھ أمِس ضروٗر نظر پییٚہٕ ہے۔ أتھی منز روٗٹ یہ زِنٛی مزوٗرن تہٕ ووٚتھ یہِ
وأنِس نہٕ خاطرٕ۔ ''ہے ژٕ ے کیاہ چھی مے گرُن؟ مے مَتہٕ مارتہٕ ۔ مے مَہ کرقأدٕ ے
ژٕ اویلہٕ۔'' جانورن دِژٕ س کریکہٕ ''ژٕ ے میلی ضروٗر انعامہٕ۔ ژٕ کڈ مے اَکھ تیرٕ تہٕ ہاوٚن
سونارس تہٕ ژٕ واتکھ فورن میوٚن مُلک کوہِ قاف ییٚتہٕ ژٕ ے میوٚن مول موج انعامہٕ
دِلی۔ تِمہٕ دِنے ژٕ ے اَکھ موختہٕ ہار یمیک قمت نہٕ دنیا ہِکس کأنٛسہِ تہٕ بادشاہَس
نیرِ تھ ہیکہِ۔''

مگر أمی جاہل زِنٛی مزوٗرن یوٚ زنہٕ أمِس جانورٕ سنٛز کانٛہہ تہِ کتھ۔ تِسنٛدِس
ذیٚہنس پٮ۪ٹھ أس سوے اَکھ روپے سوار یوسہٕ تَس میلنُک یقین اوس لہذا کوٚر تُمی
أمِس گنٛڈ تہٕ تھووٚن وٕلتھ تہٕ دوریٚاو وأنِس نِشہِ تیوٚت تیز یوٚت سُہ بور ہیتھ دٕ وِتھ
ہیوٚک۔ مگر افسوٚس۔ جاناوار موٚد دَمہٕ ستۍ وَتے۔ ''بہٕ کیاہ گرِ ووٚنی'' زِنٛی مزوٗر چھُ
سوچان۔ ''وأنی گتہِ دِیہ مے موٚمتِس جاناوارس اَکھ روپے۔ آ۔ ہا۔ بہٕ ہاوٕ أمی سنٛز
اَکھ تیرِ نارس۔ شاید پییٚہٕ نہٕ جاناوارٕ سنٛدِ زِنٛدٕ یاموٚمُت آسنہٕ ستۍ کانٛہہ فرق۔ لہذا کوٚر
أمی یِی تہٕ سُہ ووٚت امی وِزِ کوہ قاف۔ اَتہِ ژھونٛڈ أمی جاناوارٕ سُنٛد مول موج تہٕ ووٚنُن
نِمَن تہِ سوٗرُے یہِ سپُد مُت اوس۔ واے۔ أمِس جانورٕ سنٛز لاش وُچِھتھ کوٚتاہ ووٚد
أمی سنٛدی مأٹی مأج تہٕ رشتہٕ دار وأمہِ شورٕ ستۍ گووأ ہِکس عجیب جاناوارٕ سُنٛد توجہ اور گُن

یُس اَمہِ وِزِ لیأری نیران اوس سُہ ژاوتہٕ کٔرن معاملَس متعلق پرٛژھہِ گاٛر۔ اُمِس جاناوارس اوس تونتہِ منٛز اَکھ گاسہٕ ٹُل تیٚمۍ سٟتۍ موٗمتِس زِنٛدِ اوس کٔرتھ ہبکان۔ ''توٚہۍ کیٛا زِوِدان؟'' اُمۍ پرٛژھ اَتھ دوکھہِ ہرٕ جماٗژ۔

''تِکیٛا زِ اَسہِ موٗدا اَکھ اَشناو۔ اَسۍ ہیٚکوٚنہٕ وۄنۍ اُمِس سٟتۍ زانٛہہ کتھ کٔرتھ۔'' تِموٚ دِتُس جواب۔

اُمۍ عجیب جاناوارن وۄنُکھ ''مَہ وُدِو۔ تُہنٛد رشتہٕ دار گژھہِ دُبارٕ زِنٛدٕ'' یہِ وَنِتھ تھووُ اُمۍ جاناوارن یہِ گاسہٕ ٹُل موٗمتِس جانورٕ سِنٛدِس اَسَس منٛز تہٕ یہِ گوو زِنٛدٕ۔

یٚیلہِ یہِ جاناواررازٕ ہوٗنٛز زِنٛد سَپدتہٕ وُچھن زِنۍ منٛزٕ ر۔ اُمۍ کٔرنَس بے بھروسہٕ تہٕ لاپرواآسنَس پٮ۪تھ زبردست اَڈزاَڈ۔ ''یُہ بناوِ ہتھ ژٕ بوٚڈ تہٕ خوشحال'' اُمۍ وۄنُنَس ''مگر گژھ ژےٚ شوٗلِی پننےٚ زِنۍ بورتہٕ سوے پٮ۪ہٕر۔'' اَمہِ پتہٕ وۄت یہِ غریب شخص واپس تٔتھی جنگلَس منٛز تہٕ تتھی زِنۍ بورس برٛوٚنٛہہ کُن یُس تٔمۍ کوہ قاف واتنہٕ برٛوٚنٛہہ تیار اوس کوٚرمُت۔ زِنۍ ہِن کِنٕ تہٕ گوو پننہِ زنانہِ تہٕ کوربن نِشہِ سیٹھاہے مغموٗم تہٕ بُتھ الوٚنٛد ترٛاٗوِتھ۔ پتہٕ وُچھن نہٕ رازٕ ہوٗنٛز زانٛہہ تہٕ دُبارٕ۔

یہِ آو گوڈےٚ وَننہٕ زِ اُمِس زِنۍ منٛزٕ رس آسہٕ سَتھ کورِ۔ یِمہٕ کورِ گٔییہِ بالغ تہٕ واتٕ کھاندرس۔ مگر سُہ زِنۍ منٛزٕ ر کتھہٕ کٔرِ ہے یِہنٛد بن کھاندرن ہُنٛد انتظام؟ سُہ اوس لُمۍ لُمۍ یڈ پالنَس سُمب زینان تہٕ کانٛہہ تہِ اوسنہٕ اَتھ غریبی کِنۍ پتھ پیٚمتِس گٔرس سٟتۍ رشتہٕ کٔرن یژھان۔ پننہِ سَختیہِ ہِنٛدِس اَتھ وقتَس منٛز ہیوٚت اُمۍ پننہِ نِس دوستَس مشورٕ تیٚمۍ تَس وۄن زِ ژٕ گژھ حاتمَس نِشہِ یُس اَکھ سیٹھاہ رُت تہٕ سخی بادشاہ چھُ تہٕ تٔمۍ سے منگ مدد۔

پیأرئ اوس یَمَن دوہَن حاتم سبٹھاہ غریب سۄد مُت تہٕ گزار کرنہٕ خأطرٕ اوس دانہِ مُنان۔ مگر یوٚ دوٚ ےسہ حالاتو یتھ پیارِاوس پوومُت زِپٲرٕ مُلکس منٛز اوسنہٕ تَس ہیوٚ کانہہ غریب تہِ کرِتھ تہِ اوس اُمِس سے سخی دل تہٕ لۄکن سوچھ واتناوُنچ اُمِس تژھے گل۔ یِیلہِ زِنٛی مزوٗرتہٕ پنٛدِس مُلکِس منٛز ووت تہٕ تِمِس سمکھ اَتہِ چھ تہٕ پنٛدِس سخاوتَس متعلق یہِ خوٗبصورت واقعہٕ (وَنُن لایق)۔ زِنٛی مزوٗرس اوسنہٕ پتاہ زِ سہ کُس اوس تہٕ وُنی نَس پٔنٛز سأرے دوکھہٕ بَرٕ ژٕ ذلیل تہٕ ووٗن نَس مےٚ واتناوتہٕ تِمِس رحمدل حاتم بادشاہَس نِش۔ تِمہِ رأژ دِیُت حاتمن فاقہٕ یتھ زَن سہ پَنہٕ نِس پٔژھس کینْہہ دِیہِ ہے تہٕ صِجنَس بأگرٕ وُنی نَس حقیقت "ہے یارا" اُمی ووٗنُس "بہٕ چھس سے یُس ژٕ ژھانڈان چھُہَن۔ مگر وُچھ۔ بہٕ چھس تِتھے غریب یتھ ژٕ چھُکھ۔ افسوس۔ بہٕ ہیکے نہٕ ژےٚ مدد کرِتھ۔ بہٕ ہیکے نہٕ ژےٚ بیاکھ بتہٕ ڈنگ تہٕ دِتھ۔ ووٗن گووہرگاہ ژٕ میأنی کوٚر نہَن مےٚ آسہِ نہٕ انکار۔ ژٕ ہیکہٕ ہَن یہِ ہِنٛتھ تہٕ اُمِس ہِنٛتھ یِمہٕ روپیہِ پنٛنے تِمو سٟتی ہیکہٕ ہَکھ پنٛنہٕ کورِنکھہٕ وأرِتھ۔ گرٕ ھ تہٕ خداصأب کری نَے رأچھ۔"

زِنٛی مزوٗرَن دِتُس جواب "ہے بادشاہ صأب۔ چانہٕ سخاوت کِنۍ کمِلیاوِ مےٚ دِل۔ بہٕ ہیکے نہٕ چانہِ مہربأنیہِ خأطرٕ ژےٚ ٹھیک پأٹھۍ شکریہ تہٕ کرِتھ۔ خداے دِیٕ نے اَمیُک اَجر۔ خداحافظ۔"

زِنٛی مزوٗر تہٕ شہزأدی دژاے لتہٕ۔ تِمَن اُس اکہِ جنٛگلہٕ کِنۍ وَتھ یِنہٕ تہٕ یَمَن اَکھ شہزادِ سمکھ یُس شکارَس اوس دژامُت۔ شہزادَس پییہٕ اُمِس کورِ پیٹھ نظر تہٕ اُتھی سٟتی گوس اُمی سُنٛد محبت تہٕ زِنٛی مزوٗرس ووٗنُن مےٚ کرتہٕ پَنُن زامُتر قبوٗل۔ ظأہر چھُ زِ

أمی موٗنس تہٕ سَپُد کھاندر۔ اَمہِ پتہٕ آسہٕ ہیٚتھے زِنٛی مزوٗرس اَتھس منٛز روپیہ یوان ییٚمہٕ ستیٚ تٔمی پننٛی ساری قرض نکھہٕ وأتِی، پانس خاطرٕ بنوٗن اَکھ خوٗبصورت مکانہٕ تہٕ ستوٗنی کوربن کوٗرُن جان تہٕ عزت دارگرن منٛز کھاندر۔

ہُپأری اوس شہزادٕ پننہِ خوٗبصورت آشنہِ ستیٚ سبٕھاہ خوش پأٹھی روزان یس متعلق تٔمس یہِ ذیٖہنَس منٛز اوس زِ یہِ چھےٚ زِنٛی مزوٗر سنٛز کوٗر۔ ووں گوواکہِ دوہہٕ نٔیاد تَس اَتھ متعلق پزر۔ تٔمی اوس أکس غریبس پننہِ زنانہِ تھیہ خأرات دِتٕمت تہٕ تمہِ وٕنس سرسری پأٹھی زِژےٚ گرِتھ اَز حاتمی مطلب سخاوت یٔہے حاتم سنٛز ہٕش کأم۔ اَتھ پتٕھ پرٕژھس شہزادَن زِژےٚ گتہِ چھےٚ حاتمس متعلق کینٛہہ پےٚ تہٕ تمہِ وٕنس پتہٕ سورٕے کینٛہہ۔ کتھہٕ کنہِ اوس زِنٛی مزوٗرَن تٔمس مددموٗنگمٕت تہٕ تٔمی سنٛدی مأکی یَس نہٕ کہنی تہِ اوس کتھہٕ کنی دِژ سوتَس کنیزٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ۔ اَمہِ پتہٕ سوٗز شہزادَن زِنٛی مزوٗرس ناد تہٕ تَس نِشہِ تہِ بوٗزِن یٔہے لفظ تہٕ ہیٚیہ رازٕ ہوٗنٛز ٹھوٗلس تہٕ أمی سنٛدِس کوہ قاف واتنس متعلق۔ سُہ سَپُد یمہٕ سارٕے گتھہِ بوٗزِتھ انتہأیی حأران۔ تٔمی سوٗز فورن بادشاہ حاتمس نادتہٕ کوٗرنس درخاس اوریٚنہٕ تہٕ أمی سنٛدِس ملکس پننہِ اندازٕ حکوٗمت کرنہٕ خأطرٕ تکیاژِ یہِ اوس پانہٕ حکوٗمت کرنہٕ خأطرٕ وُنہِ واریٚہہ لوکٕٹ تہٕ ناتجربہ کار۔ زِنٛی مزوٗرس میوٗل اَکھ بوٚڈ جأگیر مگر نبٕتھہٕ وأنس آوسونہٕ سُنٛد ٹھوٗل بادشاہَس حوالہٕ کرنُک حُکم دِنہٕ۔

(راوی۔قادر۔امراکدل سرینگرٕ نکھے روزَن وول اکھ نأوِد)



لڑکن وۆنُس زِٕبہٕ کرٕ پِنٕز پأٹھی پزٕ بتھ کانٛہہ کوٗشش تہٕ واژ دزاو۔ امہِ دوہہٕ گوو بادشاہ کھنہٕ سِٕکنٛز زیادٕے خوش۔ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز اوس اصل پأٹھی رٕنتھ، رُت مُشک اوسُس تہٕ اصل پأٹھی اوس شیر تھ گرتھ۔ راتھ کینٛتھ ووت واژ واپس۔ بادشاہَن سوٗز تَس نادتہٕ تَس امہِ دوہہٕ سبٹھٕے اصل کھنِن چیٖن تیار کرنہٕ خاطرٕ تعریف کران وۆنُس زِ دوہے اُسی زِ تِتھے پأٹھی رَنان۔ وازن وۆنُس پوٗز پوٗزُے زِٕسہٕ اوسے نہٕ اَمہِ دوہہٕ زیادٕ کالَس اَتہِ تِکیا زِ تَس اُس موج موٗہرٕ تہٕ اُکی لڑکن یُس اُمی امہِ دوہہٕ خاطرٕ کامہِ پیٹھ روٗ ٹمُت اوس تمی اوس کھنِن چیٖن تیار کوٗ رمُت۔ یہِ بوٗزِتھ سپٕد بادشاہ سبٹھاہ حأران تہٕ دِتُن وازَس ہدایت زِٕسہٕ تھاوَن مُستقل پأٹھی اَتھ کامہِ پیٹھ مُلأزم۔ اَمہِ پتہٕ آیہٕ وۆنٕی بادشاہَس کھنِن چیٖن واتناوَنس منٛز بارٕ فرق تہٕ بادشاہ سلامت اوس اُمِس لڑکَس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ خوش تہٕ مُتو اُتر اوسُس تحفہٕ دِوان۔ یِم ساری تحفہٕ تہٕ یہِ کینٛژھا کھنہٕ رٕنٛگی اُمِس سمان اوس تہِ اوس سُہ کرٕ پرس پیٹھ پننہِ ماجہِ تہٕ بادشاہ سنٛزن باقٕے زنانَن واتناوان۔

کرٕ پرس پیٹھ گوٗ ھونہِ وَتہِ منٛز اوس تس پزٕ بتھ دوہہٕ اُکس فقیرس سِٕکنٛز نیرُن پیوان یُس اُمِس ہمیشہِ دعایہٕ خأر اوس کران تہٕ خأرات منگان تہٕ عام پأٹھی اوسُس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ میلان۔ یِتھہٕ کنٛز اُسی وۆنٕی کینٛہہ ؤری گُزرٕ یمٕتی تہٕ لڑکہٕ اوس وۆنٕی زیادٕے خوٗبصورت جوان ووتمُت زِٕسہٕ وُچھِ اَکہِ دوہہٕ اتفاقَن اَمہِ بدخصلت مٕلکانہِ۔ اُمی ہِنٛدِ حُسنہٕ تھچھ لگِتھ پُرٕ ژھس اَمہِ زِژِکس چھُکھ تہٕ کِتہٕ پیٹھ چھُکھ آمُت۔ کُنہِ شکہٕ شُبہ ورأے تہٕ مٕلکانہٕ ہنٛز اصلیت زانِنہٕ ورأے وۆن تمی اُمِس پانَس، پننہِ

ماجہِ تہٕ ہُمَن باقے زنانَن متعلق سوٗرے کینٛہہ تہٕ امے ساعتہٕ پتہٕ لاجہِ اَمہِ اٲمس مارنہٕ خاطرٕ ژ و یہِ کرنہِ۔ تَمہِ لوگ بمار تہٕ انزوٗن اَکھ حکیم تہٕ تَمس دِتُن کوٗ ژھ زِ ژ وَن بادشاہَس زِسو کو ٹھ پھٕے سخت بمار تہٕ ہر گاہ یہِ ٹھیک سَپدِ تہٕ صرف سہمنہِ ہنٛدِ دود ستی۔

''میٲنۍ ٹاٹھی یہِ کیا ڈلیل چھُس بٔ بوزان'' یہِ ووٗنُس بادشاہَن ییلہِ سُہ شامَس اٲمس نِش آو۔ ''حکیم چھُ ونان زِ ژ چھکھ بمار تہٕ سہمنہِ ہُنٛد دود چھُ ضرورت''۔ ''مگر یہِ کتھہٕ کِنۍ میلہ؟ سُہ کُس گرِ یژھ ہمش کوٗشش کرنک جرأت۔''

''سُہ لڑکہٕ یُس ییتہِ واژ کأم چھُ کران۔ سُہ چھُ بہادُر تہٕ تہٕ وفادار تہٕ۔ یہِ کینژھا ژےٚ تَہنٛدِ خاطرٕ کوٚرتھ تَمہِ کس شکرانس منٛز ہیکہِ سُہ چانہِ خاطرٕ کانٛہہ تہِ کأم کٔرِتھ۔ تَس ورأے زانَن نہٕ بٔ تیتھ کانٛہہ یُس ژ سۆ زِ تھ ہیکہٕ ہَن۔''

''بٔہ انناوَن سُہ ناد دِتھ تہٕ وُچھو۔''

اٲمۍ لڑکَن کوٚر فورَن وعدٕ تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ دراو سُہ اَتھ خطرناک سفرس پیٹھ۔ وَتہٕ دراو سُہ پنٕہ نِس دوست یعنے فقیرس کِنۍ تیمۍ اٲمس پرٛژھ ''ژےٚ کوٚت چھی گژھُن؟'' اٲمۍ ووٚن تَمس یوٗر بادشاہ سٕنٛدِ حُکمُک تہِ تہٕ تَمہِ ییٚژھِ ہُنٛد تہٕ یوسہٕ تَس بادشاہ سلامت خوش تھاوِنچ اُس تِکیا زِ سُہ اوس اٲمس سیٹھاہ مہربان۔ فقیرَن ووٚنُس ''مہ گژھ۔ ژ کُس چھکھ تیوٗت زِ ژےٚ چھی باسان بٔ ہیکہٕ یہِ کٔرِتھ؟'' مگر لڑکہٕ اوس ڈٔرِتھ تہٕ اَتھ معاملس منٛز اوسُس نہٕ زُوک تہٕ پرواے۔ اِوِ کِنۍ ووٚنُس فقیرَن ہر گانٛہ ژ اَتھ پَتھ ہیکھ تیلہِ بوز میٲنۍ نصیحت تہٕ ژ گژھکھ اَتھ منٛز کامیاب تہٕ تہٕ زُو تہِ بچکھ۔ ییلہِ ژےٚ سہمنٕ بُتھہِ ییٚی ژ لاے زِتَس اٲکس بَبہٕ تیر۔ پَتہٕ وٕنۍ زبس زِ ژےٚ اوسے نہٕ

اُمِس مارنُک کانٛہہ اِرادٕ مگر سیوٚدٕ ے سۆچُم زِ ژٕ گوٚھکھ خوش ہرگاہ ژٕ ہہہ پوٚتمِن دٕلی دٕلی پہَن دوٚد ہِکِکھ چاۓوِتھ تہٕ اوے کنٛز کوٚرمے ژٕے بہٕ گوٚ دیٚیمہٕ مُنٛزی دٕلی دٕلی دوٚد نیر۔ ژٕ دٕنی زبس یہٕ زِمے آوچانٛین بچَن پتھ عاریم سبٛٹھے کمزور تہٕ بیمار چھِ باسان یُیمہٕ کنٛز یمَن زیادٕ پہَن واتنُک ضرورت چھُ۔'' تہٕ پتہٕ اُمِس دُعا کٔرتھ کوٚرُن فقیرَن پنٕنہٕ نِس سفرس پیٹھ روخصت۔

یتھہٕ کنٛز حوصلہٕ افزأیی سِپدتھ رٕدیہ لڑکہٕ دِل سبٛٹھاہ دوٗر کٔرتھ پکان جلدٕ ے وُچھ کٔرا کھ تِمن بچَن ستی تہٕ آیہٕ نوٚون پتَن تیرٕ اُمی سٕنٛزٕ اُکس بہٕ پیٹھ تہٕ یہٕ آو اُتھی۔ یٛیلہٕ سِیمنہٕ ژکھہٕ سان پرٕ ژھُس زِ ژٕ ے کیاہ زِ کوٚرُتھ یہٕ اُمی وۆنُس مے اوس فقیرَن یہٕ ہدایت دِتمُت تہٕ بیٛیہٕ وۆنُس زِ مُلکہ چھے سخت بیمار تہٕ تَس کیٛتھ چھُ سیمنہٕ دوٚد ضرورت۔

''مُلکہ!'' سیمنہٕ وۆنُس'' ژٕے چھے ناپتاہ زِ سو چھے اَکھ ڈٲن! تِمس نِشہٕ روز دٕورہتہٕ ژٕ ھنی ژٕ ے سومأرِتھ تہٕ یِنی کھبتھ۔''

''مے چھنہٕ کُنہٕ تکلیفُک خوف'' لڑکَن وۆنُس'' مُلکہٕ معظّمہ چھنہٕ مے نسبت کانٛہہ دشمنی۔''

''دسبٛٹھاہ جان۔ بٔہ دِمٔ ژٕے ضرورٕ پتَن دوٚد مگر مُلکہ نِشہٕ رٕزی زِ حبہٕ۔ وُچھ یہ پأری'' اُکس سبٛٹھاہ بٔڈس پکس کُن نوان یُس بالس نِشہٕ اَلگ اوس سپد نٔومُت وۆنُس سیمنہٕ ''بٔہ ترٛاوِ یتھ پکس پیٹھ پتَن اَکھ دوٚد قطرٕ''۔ تمہٕ کوٚر یی تہٕ اَتھ کُنہٕ پکس گۓ کرورٕ بٔڈی ٹکرٕ!'' وُچھتھا ژٕے میانہٕ دوٚدُک طاقت وۆنی ہرگاہ ملکہ سٕہ سأئلم ہٕن

چیٖنہٕ یُس مےٚ ژٕ نے وُنی دِتےٚ تِمس گژھہٕ نہٕ امیُک بلکل تہٕ کانٛہہ اثر۔ سو چھےٚ اکھ
ڈٲن تہٕ توٚے گژھہِ نہٕ تتھ ہوبہو چیز وٕستی تِمس کھینی۔ تہٕ کرِتھ تہٕ ہرگاہ ژٕ نے مے پٔتھ
پژھ چھےٚ نہٕ گژھ تہٕ وُچھکھ پانے۔"

لڑکہٕ آو واپس تہٕ دِتُن یہِ دٕود بادشاہَس تیٚمی یہِ پٔننہِ زنانہِ نیٖو تہٕ تَمہِ چوٚو یہِ
سٲلِم تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سو گیہٕ ٹھیک۔ بادشاہ سپُد لڑکس پٔٹھ زبردست خوش تہٕ دِژن
تَس محل خانہٕ کیو مُلازمو منٛز ترقی مگر مٔلکہ اُس ڈٕٹھ زِ سوٚ کتھہٕ پٲٹھی کرِ یہِ کام بادشاہَس
ناراض کرنہٕ ورأے۔ کیٚنژٕ دۄہ پتہٕ لوگ اَمہِ بیٚنہِ بیمار تہٕ بادشاہَس ناد دِتھ وۄنُن
تَس زِ بہٕ چھس بیٚنہِ بیمار مگر ژٕ مہ ہیٚنے مےٚ متعلق فکر میوٚن بُڈی بب چھُ تتھی جنگلس منٛز
بَسان یَتہِ پٔٹھہٕ سیمنہِ ہُنٛد دٕود اَنہٕ آو تِمس نِش چھُ اکھ خاص دواے باسان تَمہِ ستی ما
ہیکہٕ بہٕ ٹھیک گژھتھ۔ ژٕ سوزتن تور کانٛہہ تیٚمی لڑکن دٕود انیاو سُہ ہیکہِ گژھتھ" لہٰذا گوو
یہِ لڑکہٕ۔ وَتھ اُس سُہ فقیرس کُنی تیٚمی تَس دُبارٕ پرٛژھ "ژٕ نے کوٚت چھی گژھُن؟" تہٕ
لڑکن وۄن تَس (یوٚت پٔٹھ سُہ درٛامُت اوس)۔ تِمی وۄنُس "مہ گژھ۔ یہِ نفر چھے
راکھشَس تہٕ ضرٕور ماری ژٕ نے"۔ مگر لڑکہٕ اوس پتی می پٲٹھی ڈٕٹھ۔ "گووژٕ گژھکھ!
اَسا گژھ مگر میٲنی نصیحت بوز۔ ییلہِ ژٕ یہِ راکھشَس وُچھکھن تہٕ دُپی زبس بُڈی ببا۔ سُہ
وُنی ژٕ نے مےٚ کَش کرِ س۔ ژٕ کَش زبس۔ مگر سبٹھے زورٕ زٕلی زبن۔

لڑکن کوٚر سُہ وعدٕ تہٕ درٛاو۔ جنگلا اوس گوٚن تہٕ یوٚت تہٕ تَس باسیاو زِ بہٕ واتے
نہٕ زانٛہہ راکھشَس سُنٛد گرٕ۔ خٲر اُخرس تہٕ وُچھا اُکھ یہِ تہٕ دِژنس کربکھ "ہیو میانہِ بُڈی
ببا، بہٕ یعنی چانہِ کورِ ہُنٛد نیچو چھسے ژٕ نے یہِ وَننہٕ آمُت زِ میٲنی موج چھےٚ بیمار تہٕ توٚت تانی

ہیکہٕ نہٕ سوٚ ٹھیک گژھتھ یوٚت تانیٚ نہٕ سوٗکس تانی دوا کھیٚنہٕ۔ تمہٕ وۄن ژنٕے چھی سُہ دوا تہٕ توٚے چھنس ئہ یور سوٗزمُت۔" راکھشَن دِیُس جواب "اِدٕ ٹھیک گوو۔ ئہ دِمے ژنٕے یہٕ مگر گوڈٕ پیتہٕ مےٚ نِش تہٕ گشُم کمرس تِکیاز مےٚ چھے کمرس سخت ریٚنے۔" راکھشَن اوس یہٕ اَپُز وۄنمُت تِکیاز تِمس اوسنہٕ کمرس گژھُن آمُت۔ تِمس اوس صرف یہٕ سَرٕ گرُن زِ یہٕ لڑکہٕ چھاپزی ڈآنہٕ پوٚت رِکنہٕ نہٕ۔ ییٚلہٕ اَمی لڑکن پنٕنِس اَمس بُڈٕ راکھشَس مازَس منز ٹھکی اَمس باسیا وزنتہٕ مےٚ یہٕ اَمہٕ منزٕ اَڈہناز لِتھ نیُن یژھان چھُ۔ راکھشَن دِیُس دواتہٕ دوا پلناوان دِیُت نَس روخصت۔ محل خانس منز واَتِتھ دِیُت اَمی لڑکن یہٕ دوا بادشاہَس تہٕ تمی نیٚو یہٕ فورَن پننہٕ زنانہٕ تہٕ گرٕن سوٗ دُبارٕ ٹھیک۔ بادشاہ اوس وۄنی اَمس لڑکس بےانتہا خوش تہٕ دِتی نَس وارِیہ تحفہٕ تہٕ بییہ طرٕ ہقوتہٕ دِتی نَس مُراعات۔

بدخصلت مُلکانہٕ اوس نہٕ وۄنی کہنہٕ تہٕ فِکرِ تران زِ سو کیاہ گرِ وۄنی اَمس لڑکس ستۍ۔ یہٕ اوس سیمنہٕ ہنٛدٕ بو بنجو منز تہٕ ژۄلمُت تہٕ اَمی ہنٛدِس بُڈی بب ہنٛدٕ بو چرٕنگو تلہٕ تہٕ دژ امُت۔ خبر کتھہٕ کنہٕ تہٕ زانَن دیوتاہے! سو کیاہ ہیکہٕ اَمس کرِتھ۔ اَخرس کوٚر تمہٕ یہٕ ارادٕ زِ ئہ سوزَن یہٕ پننہٕ نانہٕ نِشہٕ یوسہٕ اَکھ سبٹھے کمینہٕ بُڈ ڈآن اَس۔ یوسہٕ جنگلس منز اَکِس گرس منز روزان اَس تہٕ یُس اَمی ہنٛدِس بُڈی بب ہنٛدِ گرٕ نِشہٕ زیادٕ دوٗر اوسنہٕ۔ "تتہٕ پییہ نہٕ یہٕ واپس پھیرِتھ" یہٕ وۄن اَمہٕ بدخصلت زنانہٕ پانہٕ ہے ستۍ لہٰذا وۄنُن بادشاہَس "مےٚ چھُ گرِ اَکھ موٗلُل کنگوٗ تہٕ ئہ چھس دپان سُہ انہٕ ہَن یوٚرٕ۔ ژٕ سوزتَن سُہ لڑکہٕ یہٕ اَننہٕ خاطرٕ۔ مےٚ وۄنی زِ ییٚلہٕ سُہ گژھہٕ تہٕ ئہ دِمس نانہٕ ہنٛدِ ناوٕ چِٹھۍ" بادشاہن موٗنُس تہٕ لڑکہٕ تہٕ دژاو۔ معموٗلہٕ کی پاٹھی دژاو فقیرَس کنہٕ تہٕ وۄننس مےٚ کوٚت

پٕژھ چھُ گژھُن۔ أمی ہأوا کھٕتے أمِس فقیٖرس سوٚ چِٹھی تہٕ یوسہٕ مُلکانہٕ پنٕنہٕ نانہٕ خأطرٕ دِژ مژٕ أسِس۔

فقیٖرَن ووٚنُس "أسی پروگوٚڈ زِ چِٹھہِ منٛز کیاہ چھُ لیٖکھتھ تہٕ ییٚلہِ أمی یہ پٔرِ تہٕ ووٚننس "ژٕ چھُکھا زورٕ پٔنٕن پان مارناوُنہٕ خأطرٕ گژھان؟ یہٕ چِٹھی چھےٚ چانہٕ موتُک پروانہٕ۔ بوز کیاہ چھُ (لیٖکھتھ) "یہٕ چِٹھی انن وول چھُ میٲن کرۍ ژھ دشمن۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ توٚت تانۍ کہنۍ تہٕ کٔرتھ یوٚت تانۍ یہٕ زِنٛدٕ چھُ۔ تِتھے یہ ژےٚ نِشہِ واتہِ تِتھے ژھٔنٛن مأرِتھ تہٕ بہٕ گژھہٕ نہٕ ووٚنۍ أمی سُنٛد کہنۍ تہٕ بوزنٕی" لٔڑکن ییٚلہِ یِم خطرناک لفظ بوٗزی تَس وُٗژھ تھٔر۔ مگر سُہ پھٹراوِ ہے نہٕ بادشاہَس ستۍ کوٚر رُمت وعدٕ تہٕ اوسُن یہ شبہٕ اِرادٕ کوٚر رُمت زِ سُہ کٔرِ بادشاہ صأبنۍ خأہش پوٗرٕ بامے اَمہِ معاوضہٕ پےٚتَم زُوتہٕ دِیٚن۔ اِو کنۍ ژھٔنۍ فقیٖرَن مُلکہ ہنٛز یہٕ چِٹھی ژٕٹتھ تہٕ لیٖچھن بدل چِٹھی ییٚمہِ مضموٗنہٕ:

"یہٕ چھُ میٲن نیچو۔ ییٚلہِ یہٕ ژےٚ نِشہِ واتہِ أمِس وُ چھ زِ ضرورت ما آسبس کینٛہہ تہٕ بیٚیہٕ کٔری زبس لولہٕ مَتہٕ لاے" یہٕ (چِٹھی) لٔڑکس دِتھ ووٚننس "نیر گژھ أمِس زنانہٕ ہنٛزٕ نانہٕ نِشہِ تہٕ گُنہٕ تہٕ چیزس کھوٗژی زہنہٕ۔"

یہٕ لٔڑکہٕ روٗ دبزٕ وٗنہہ گٔنے پکان یوٚت تانۍ ڈأنہٕ ہنٛدِس گرس نِشہِ ووٚت ییٚتہٕ أکۍ ڈأنہٕ "نأنی" ووٚن یہٕ زن فقیٖرَن أمِس ووٚنمُت اوس تہٕ دِژٕنَس چِٹھی۔ یہٕ پٔرِتھ روٗٹ تمہٕ یہٕ لٔڑکہٕ پَنٕنہٕ نبن زبن منٛز چیٖرٕ نالہٕ موٚت گٔرتھ تہٕ کٔرۍ نَس میٹھی۔ تہٕ تِہنٛدِس بادشاہ رأنِس متعلق پرٕژھنس وارِیہہ کینٛہہ۔

أمِس لٔڑکہٕ سُنٛد آو خاص خیال تھاونہٕ تہٕ پرٕبتھ کانٛہہ لذیز چیز اِیتھ متعلق

ڈأن سۆچتھ ہیچ سہٕ آوأمِس خأطرٕ اناونہٕ۔ تمہِ دِتّی أمِس کینژہہ چیز یمَن منز باقے چیز وہُر یمانہٕ ہِتھی ہوی چیز أسی۔ اَکھ صاۂنی بانہٕ سہٕ ییلہِ پُتھرِس پیٹھ تھاوِ ہون تہٕ اوسُس بۆ ڈبارٕ بال بنان۔ بِیہ نوۂستی بُرتھ اَکھ بانہٕ یہِ اگر پتھر پیٚیہِ ہے یہِ بَنہٕ ہے اَکھ پہاڑ۔ یتھ وارِیٚہہ بجہِ بجہِ ہِشہٕ آسہِ ہمَن اَکھ آبہٕ لوٹہٕ یُس ہرگاہ پتھر پیہِ پھرنہٕ یہِ بَنہٕ ہے اَکھ آبہٕ سریُس سمندرس ہیۆ آسہِ ہے۔ أمی ہأوی أمِس یم چیز تہِ۔ تہٕ بیٚیہِ سمجھاوِ نَس یمَن ہنٛزٕ خأصیژ۔ یم أسی سَتھ اصل کوگر۔ اَکھ پِنٛدر، اَکھ کوتُر، اَکھ ہأر تہٕ بیٚیہِ کینژہہ دوا۔

تمہِ وۆنُس دۆیمَن ستَن کوکرَن منز چھِ چانِن سَتن مامَن ہنٛدی زُو یم کینژَن دوہَن ہنٛدِ خأطرٕ نبر چھِ گمتی۔ یۆت تأنی یم کوکر زِنٛدٕ چھِ تیتی ہے کالس ہکَن چأنی مام تہٕ زِنٛدٕ روٗزِتھ۔ یۆت تأنی یم سَتھ کوکر صحیح سلامت آسَن تۆت تأنی ہیکہِ نہٕ کانٛہہ طاقت تمَن نقصان واتنأوِتھ۔ پِنٛدرس منز چھُ میۆن زو۔ ہرگاہ پھُٹہِ بتہِ پھُٹہٕ تہٕ مرٕ نتہٕ ہکہٕ بہٕ ہمیشہِ خأطرٕ زِنٛدٕ روٗزِتھ۔ کوترس منز چھُ چأنس بُڈی بب سُنٛد زُو تہٕ ہارِ منز چانہِ ماجہِ ہُنٛد۔ یۆت تأنی یم زِنٛدٕ چھِ تۆت تأنی ہیکہِ نہٕ چأنس بُڈی ببس یا چانہِ ماجہِ کانٛہہ چیز نقصان واتنأوِتھ۔ تہٕ یَتھ دۆہَس چھُ یہِ تأثیر زِ أمہِ ستی ہیکہِ أنِس گاش تہٕ تھ۔“

لڑکن کۆر بڈٕ ڈأنہِ تموسارِوے چیزو خأطرٕ شُکر یہِ یمہٕ تمہِ أمِس دِتّی تہٕ ہأوی تہٕ اَمہِ پتہٕ ۂژ ھ شۆنگنہٕ۔ صُبحس ییلہِ ڈأن ۂ ریاوس پیٹھ سٕ ان کرنہٕ ۂژ ھ تیمی تلی سَتھ کوکر تہٕ کوتُر تہٕ مأرِن تمہ۔ پِنٛدرٕ ٹھاسہِ وُن پُتھرِس تہٕ اَتھ گے پھُٹی۔ أتھی ستی مۆدی سہٕ بڈٕ راکھشَس، بڈٕ ڈأن تہٕ تہنٛدی سَتھ نیٚچوی۔ پتہٕ بُرن ہأر أکِس پنجرس تہٕ تجن سو

پیٚنہٕ تُلُن اُچھ گاش واپَس اَنَن وول دوا تہٕ دِژ او واپس بادشاہ سُنٛد محل خانہٕ۔ وَتہٕ ٹھہر یاد سُہ یہِ اُچھ دوا پنٕنہِ ماجہِ تہٕ باقٕے زنانٕن دِنہٕ خاطرٕ ییٚمہٕ وُنہٕ کرِ پرٕ بے منٛز آسہٕ تہٕ تِمن اَو اَمی ساعتہٕ واپَس گاش۔ تِمہٕ کھٕرِ اَتھوتہٕ کھور وکرِ منٛزٕ تہٕ دِژ اَیہِ لڑکِس سٟتی محل خانٕس گُن تہٕ تتہِ وۄنٛنکھ توت تاٚنٛ اَکِس کمرس منٛز پڑارنہٕ خاطرٕ یوٚت تاٚنٛ سُہ پانہٕ گرٛٮ۪ھہِ تہٕ بادشاہَس تہنٛدِ ینہٕ خاطرٕ تیار گرِ۔

''بادشاہ صاب'' تِمۍ وۄن ''مےٚ چھِی ژےٚ وار یٛہہ سر باوٕنی۔ مےٚ چھُ عرض توٚہی بوٚ زِ ونیوٗن۔ چاٚنۍ آشنہِ چھےٚ اَکھ ڈاٚن تہٕ چھےٚ مےٚ مارنہٕ خاطرٕ ژ وِیہ کران تِکیاز تَس چھُ نٕنیوٗمُت زِ یہٕ چھُس چانٛو تِمو زنانو منٛزٕ اَکی سُنٛد نیچو ییٚمہٕ توٚہہِ اَمی ہٕنٛدِس اُکساوَنس پیٹھ گاشہِ نِشہِ محرۄم کرِو تہٕ کرِپرس منٛز ترٛ اووو۔ اُمِس چھُ خوف زِ کُنہِ تہٕ پاٚٹھی بنہٕ یہٕ تخٛتُک وٲرِث تہٕ اوٚکنی چھےٚ وٕلی وٕلی میوٗن مرُن یژھان۔ مےٚ موراُمی سُنٛد مول، موج تہٕ سَتھ باٚے تہٕ وۄنۍ مارَن یہٕ یہِ۔ اُمی سُنٛد زُو چھُ تیمِس ہارِ منٛز'' یِی ونان کوٚر اُمی ہارِ دَم تہٕ بدخصلت مَلِکاٚنۍ موٚیہِ اَمی ساعتہٕ۔

''وولہٕ وۄنۍ مےٚ سٟتی'' لڑکَن وۄنُس تہٕ وُچھو بادشاصٲب۔ تہنٛزٕ اصلی آشنہٕ۔ تُہنٛدِ مرِ آیے سَتھ نیچوِ مگر تِمو منٛزٕ آے شےٚ یوٚچھِ ہُنٛد نار ہوٚ مراونہٕ خاطرٕ مارنہٕ۔ یہٕ یوت روٗدُس پتھ گُن زِنٛد۔''

''واے! مےٚ کیاہ کوٚر یہِ'' بادشاہَن دِژ کرٛیکھ ''مےٚ سٟتی چھُ دوکھہِ سپُدمُت'' تہٕ ہیوٚتُن زورٕ وَدُن۔

اَمہِ پتہٕ کوٚر بادشاہ ہٕنٛدی گنی نیچوِ مُلکس پیٹھ راج تہٕ جادوٕ یِی صاٚنۍ بانہٕ،

ہرشنہِ بانہٕ تہٕ تمہِ آبہٕ چوٚ خأصیرٕ وٚکنٛ یُس أمِس (بُجہِ) ڈأنہِ اوس دِتمُت ہیکِہ أکۍ أنٛدۍ یکِۍ مُلک فتح کٔرِتھ۔ بُڈ بادشاہن گزأرۍ پننہِ زندگیہِ ہنٛدۍ باقے دوہ پنہٕ نٔمن ستٔن زنانٔن ہٕستۍ خوش تہٕ خوشحال پأٹھۍ۔

(راوی: پنڈت آنند رام۔ سونہٕ مٔشیٛد سرینگر)



# سوٗنُرتہٕ تسٕنٛدی یار

اَکہِ وقتہٕ اوس اَکھ سونرا ئیس پننہِ طائیفہٕ کین لوٗگن ہٕنٛد بو عام عائبو ہُر یمانہٕ یہِ (عأب) تہٕ اوس زِٕ سہ اوس شرأبِ تہٕ اتراف۔ لہذا اچھنہٕ یہِ بوٗ زِتھ کانٛہہ حأرانی سپدان زِٕتس روٗ دنہٕ لرِتل گاسہٕ تہٕ۔ لوٗکھ اُسی ونان زِتس چھنہٕ دوٗمبری تہٕ یتھ سہ پٔنٛزی وَنہٕ ہے۔ أمی سنٛزِ اَتھ مُفلسی منٛز کوٗر أمس ہیٚہٕ بابن اتھہٕ روٗٹ تہٕ دِتُن أمی سنٛزِ آشنہٕ گرٕ خرچہٕ خأطرٕ اَکھ ہتھ روپیہٕ۔

یٚیلہِ یہِ بُڑ موٗ ہنیوٗ اَتہِ دڑ اوتہٕ سوٗنری ووٗن پننہِ آشنہٕ "ہرگامےٚ پٔنٛژہ روپیہٕ آسہٕ ہَن بہٕ بناوٕ ہاتیٚتھ وَس یتھ سَہل پأٹھی ہتھ روپیہٕ یہَن۔"

تمہِ ووٗنُس "پزی ہا"

أمی ووٗنُس "آ۔ بلکل"

"رٕتھ تیٚلہِ تہٕ کر ثابت" تمہِ ووٗنُس پٔنٛژہ روپیہٕ پلناوان۔

سوٗنُر گوو أمی وِزِپٔنہٕ نس وانس پیٹھ تہٕ بنوٗون پننہِ کسبہٕ ستی اَکھ کرٛھہٕ گر۔ یہِ اوس کأری گری ہُنٛد خوٗ بصورت نموٗنہٕ۔

"آ۔ یٚیمہِ ستی پھیرِ مےٚ ووٗنی قسمت" اَتھ کُن وُچھتھ ووٗن أمی خوٗشی

سان اَتھ تعریف کران۔ أتھی ستی دژ اوسہٕ اَتھ کِننہٕ خاطرٕ۔

وَتہِ سمکھ أمِس أکِس وزیرٕ سُند نیچو تیمی أمِس وۄن "ہے یارا۔ ژےٚ ما چھی کننہٕ خاطرٕ خوٗبصورت کژھہٕ کرا؟"

سوٗ نرٕ وۄنُس "آ۔ یکیاہ چھُم ژےٚ لایق اَکھ تہٕ بیٚیہٕ وۄنتھُم ژےٚ یارتوٚے گٔے یہِ ژےٚ۔"

واپس گرٕ وأتتھ وۄن أمی زنانہِ بیٚیہٕ پنژٕہ روپیہِ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ وعدٕ کۄرنُس زِ ئہ گرٕ ژےٚ یمہٕ کِہِ کأنٛی وارٕیہہ نفع ہیتھ واپس۔ زنانہِ دِژنس روپیہِ تہٕ أمی بنووٕ لی دٕلی تیتھے ہیوٚ بیا کھ کژھہٕ گرٕ تہٕ کِننہٕ خاطرٕ تہِ دژ او۔ یہِ اوسہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر پوٚ کمُت زِ أمِس سمکھیا دیوان سُند نیچو تیمی أمِس سلام گرٕ تہٕ وۄننس "ہے دوستا ژےٚ ما چھی کِنُن کیُتھ کانٛہہ خوٗبصورت کژھہٕ کر؟"

سوٗ نرٕ وۄنُس "آ۔ بلکُل چُھ یہوٚے چیز"

أمی جوانَن پرٕژھس "ژےٚ کوٗتاہ گژھی اَتھ میلَن؟"

سوٗ نرٕ وۄن جواب "کہنی نہٕ۔ ژٕ چھکھ مےٚ پزٕ قدر کران تہٕ ئہ تہِ گرٕ ژےٚ قدر۔ نیو یہِ کژھ گریہ چھُ تھۄنڈٕرےٚ۔"

پَتہٕ آو یہِ گرٕ واپس تہٕ کۄرن زنانہِ بیٚیہٕ پنژٕہ روپیہِ دِنہٕ خاطرٕ زور۔ مگر زنانہِ اوسُن وۄنی پَتَن یہِ کار چلنس پیٹھ شک ہیوٚ گَنُن ہیوٚ تمُت لہٰذا الوگن دوٗرٕ رےٚ پہَن۔

"ژےٚ کیاہ کوٚرتھ میانین روپین؟" تمہِ پرٕژھس "ژےٚ ونیا تھ مےٚ ئہ دِمےٚ ژےٚ پنژٕہن روپین بدلہٕ ہتھ روپیہِ۔ وۄنی نِیَھ ژےٚ پنژاہ روپیہِ تہٕ وُنیس تانٛ

دِیتھم نہٕ اَکھ پنسہٕ تہٕ واپس۔ پتٕہٕ چھِہم وۄنی اورے بیٚیہٕ منگان۔"

سوٗزی وۄنُس "دبیقل مہٕ لاگ۔ مےٚ چھُ پتاہ مےٚ کیٛاہ وۄنےٚ ژےٚ تہٕ مےٚ کیٛاہ کوٚر۔ مےٚ گرِ نہٕ چانہٕ روپیہٕ ضایع مےٚ دِہنا وقت تہٕ ژۄ چھکھ پانٔے زِ بہٕ کوتاہ زینہٕ اَتھ سودہِس۔"

اُمی ہٕنٛدِ امہِ زور کرنہٕ ستی گوس اثرٕ ے تہٕ دِژُنس روپیہٕ یموٕ ستی اُمی بیا کھ خوٗبصورت کڑھہٕ کر بنوو۔ییٚلہٕ یہٕ بناوِتھ موکلوٗون تہٕ دژاو یٔتی می پاٹھی اَتھ کِنہٕ خاطرٕ تہٕ وَتہٕ سمکھ اُمِس اچانکے اَکھ نأمی ژوٗر اُمی تہٕ گراُمِس یارٔنی تھے گتھ تہٕ وۄننس ژےٚ ماچھی کِنٕن کِیُتھ کڑھہٕ گَر۔ اَتھ پتہٕ دِیُت سوٗزَن اُمِس کڑھہٕ کرتہٕ وۄننس زِ یہٕ گراَکِس دوستہٕ ہٕنٛدِ طرفہٕ تحفہٕ رٔنگی قبوٗل۔ پتہٕ گوو واپس گرِتہٕ وۄنٕن زنانہٕ تہٕ سأئلم یہٕ اُمی کوٚر رمُت اوس۔

اَمہِ پتہٕ بَس اکہِ دۄہ ییٚلہٕ اُمِس زنانہٕ گرِ خرچہٕ خأطرٕ کینٛہہ پنسہٕ دِنہٕ خأطرٕ تفرتُل تِکیٛا زِ باتےٚ پنٛژہ روپیہٕ آسہٕ الہٕ پَلہٕ موکلیمٕژ اُمی سونٛچ زِ بہٕ گرٕشہٕ تہٕ اَزماوٕ کھ پنٛز یار۔ اُمی لاگ پٔنٛز سارِوے کھوتہٕ رِتی پلوتہٕ گوو گوڑ وزیرٕ سُنٛد گرٕ۔ تُمی وُچھنہٕ سہٕ اَتہٕ تہٕ پَتہٕ گو وسہٕ دیوان سُنٛد گرٕ ییٚتہٕ اُمی یم دۄنوٕے وُچھ تہٕ فورَن آو اُمِس تمٕن نِش گرٕ ھنگ اجازت دِنہٕ تہٕ آس برابر دوستہٕ سُنٛدٕے خأطر کرنہٕ۔ییٚمہٕ وِزِ سہٕ اُتی اوس تہٕ اُتھی منٛز پیٚیہٕ اتفاقَن بادشاہٕ سُنٛز کوٗرتہٕ وأتتھ۔ سو پتہٕ تھر تہٕ لاجن یمَن ستی کتھا باتھا کرٕنی تہٕ اَتھ دوران وۄنٕن یمَن کانٛہہ ہیکیٛامیانہٕ خأطرٕ اَکھ کأم کرِتھ سو یہٕ زِ سوأس مأ لی ہٕنٛدِس باغس منٛز موٗجوٗد اکہِ ٹنگہٕ گُلکِی کینٛہہ ٹنگ حأصِل کرٕنی یژھان مگرتس اوسنہٕ یہٕ فکری

تران زِ سو۔ کتھہٕ کنۍ گرِ یم حاصِل تہٕ کیاز اُتھ کُلس اُسۍ اُنٛدۍ اُنٛدۍ زعفرانٕۍ پھیکہٕ ہٕنٛدۍ سَتھ تلاوتہٕ ہَرگاہ اَپارۍ کانٛہہ شخص پکہٕ ہے تَس لگن ضرور رنگہٕ داغ تہٕ پیہٕ پرٕز ناونہٕ۔ وۄنۍ ییٚلہٕ یمو یم لفظ بوٗزۍ تہٕ وزیر ہٕنٛدۍ نیٚچوۍ، دیوان ہٕنٛدۍ نیٚچوۍ تہٕ سوٗرۍ سارِوے وۄنُس زِ اُسۍ کرواٗی ہٕژ یہٕ خاہش پوٗرٕ کرنٕچ کوٗشش۔

دیوان ہٕنٛدِ گرِ نیرِتھ گوو سوٗرٕ ژوٗرس نِشہٕ یُس اُمس وُچھِتھ سخت خوش گووتہٕ کال اُتی کھنٛبس پیٹھ کوٚرنَس زور۔ وۄں گوو سوٗرۍ منٛجس معاٗفی "مےٚ چھےٚ وۄنۍ کبس ژٕےٚ وَننہٕ خاطرٕ اَکھ بدلہٕ گتھ" اُمۍ وۄنُس "بے شک! کینٛہہ ماچھےٚ خدائےچھِن پریشاٗنی" ژوٗرَن وۄنس کینٛژھا تجسُس سان۔

"آ۔ واریہہ" سوٗرَن دِتُس جواب "یہٕ چھُس یژھان مےٚ گوٗھی شہزادِ خاطرٕ بادشاہ ہٕنٛدِ باغہٕ کہٕ کُلکی کینٛہہ ٹنگ۔ ژٕ ہیکہٕ کھامےٚ مدد کٔرِتھ؟ یہٕ چھُس نہٕ دِپان زِ خدائےچھِن ژٕ تہٕ اَکھ زوٗہ ہلاکتس منٛز۔ وۄں ییٚلہٕ نہٕ لٔندِ تہٕ تیٚلہٕ کیاہ کروس۔"

"مہ ہےٚ پریشاٗنی" ژوٗرَن وۄنُس "یہٕ اَنہٕ اَمہٕ کُلکی کینٛہہ ٹنگ" تہٕ اُمۍ کوٚر یہٕ مگر کتھہٕ کنۍ سُہ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ وٕنِتھ۔ محض اَکِس دوہَس لٔندر لٔندر اُسۍ یم خوٗبصورت ٹنگ اَکِس زاٗنہٕ منٛز سوٗرۍ ہٕنٛدِس وانَس منٛز واٗتی ہٕتی۔ سبٕحاہ جلد سۄے وزیر سُنٛد نیٚچُو، دیوان سُنٛد نیٚچو تہٕ سوٗرٕ تہٕ آے ٹنگ پیش کرنہٕ۔ شہزادِیو ژھ جل جَل یم کھیٚنٛز تہٕ دیوان ہٕنٛدۍ نیٚچوۍ زُل یمو منٛزٕ اَکھ تہٕ گرِ نَس لوکٕٹ لوکٕٹ کھاش ژٕ اکہٕ پنٛچ پیٚنٛتس پیٹھ یم کھاش تِکِتھ لاٚ گن یم شہزادِ کھیاوٕنی۔ کھوان کھوان پییہٕ بدقسمتی کنۍ شہزادِ پوٗنٛد تہٕ ژٕ اکہٕ پنٛچ ژاس سیوٗدُے ڈٕنٛس تہٕ مویہٕ۔

"ہاے افسوٗس!" دیوان ہِندی نچوی وۄن دۄکھہٕ سان "مےٚ ژٕھنی شہزاد دٲ مارِتھ۔"

وزیرزادن وۄنُس "نہ۔نہ۔۔۔یہِ اوس سانٛلم مےٚ قصوٗر"

"نہ۔۔نہ" سونرن وۄن "یہِ سپُد میانے۔ ہرگاہ نہٕ مےٚ ٹنگ اُنی ہتی آسہٕ ہن۔ سو گژھِ کھیاوہون اُسی تِتھہٕ پاٹھی۔ وۄں گوو تِمی وۄن بڑ وۄنہہ کُن "آسہٕ پزِ نہٕ پڑاژن یوٚت تانی آسہٕ رٹُن۔ آسہٕ چھُ بہتر اکھ مٕٹ انُن تہٕ شہزادٕ اُتھی منز بُرتھ دٔریاوس ژٕھنُن۔نتہٕ پرٲی ہِنز لاش آبس پیٹھ تہٕ یہِ وَنہٕ تہٕ آسہٕ کھالن پھاسہٕ۔"

اِ ۔کنٕ آیہِ اُ۔کس کژالس دٕلی دٕلی مٕٹ ہینہٕ تہٕ یہِ کرنہٕ۔ شامَس نیاو زِ شہزادٕ دٲ چھےٚ نہٕ تُنی۔ محل خانہٕ چِن سارِنے عمارژن تہٕ تِمن مختلف جایَن یوٚت شہزادٕ دٲ یژھ پاٹھی گژھان اُس آیہِ سوژ ھانڈنہٕ۔ مگر تِمی سُند دژاونہٕ کانٛہہ نیب نِشانا۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ پڑ ہتھ طرفہٕ شاہی پارے کرناونہٕ یَتھ منز یہِ وعدٕ آو کرنہٕ زِ یُس تہٕ شہنشاہ ملکہ متعلق کینٛہہ شیچھ خبر انہِ تس یہِ بوٚڈ بار انعامہٕ دِنہٕ۔ دۄیمہِ دۄہہٕ صُبحٲے آو اکھ نفر بادشاہَس نِشہ تہٕ وۄننس زِ تِمی اوس راتھ شامہٕ پتہٕ اکھ نفر دٔریاوس مٕٹ ژھنان وُچھمُت۔ یہِ بوٗزِتھ دِیُت بادشاہَن فورَن دٔریاوس پاژ کرناونک حکم۔ اَتہِ لُبھ مٕٹ تہٕ اُتھی منز اُس خوٗبصورت شہزادِہِنز لاش۔

"شہر کی ساری کژال اُنیٚوکھ مےٚ نِش بُلاوِتھ" وۄن بادشاہَن "اَتھ معاملَس گژھِہ پوٗرِ پاٹھی تحقیقات سپُدن۔"

لہٰذا آے ساری کژال سوٚمبراونہٕ تہٕ پڑژھنہٕ آکھ زِ یمو منز کمی اُکی اُسی

حالہٕ مٕٹ ٕکنٕز ہٕژ۔ اَتھ پتھ گوواَکھ کرٕال پیش تہٕ تٔمۍ وۄن زِمہٕ اَس راتھ اَکھ مٕٹ سونرس ٕکنٕز ہٕژ۔

اَمہٕ پتہٕ آوسونٕر بُلاونہٕ "ژٕ کیاز مارتھٕن شہرٕ اَدک؟" بادشاہن پرٕژھنس "وَن سا"

مگر سونٕرن دِیت نہٕ جواب۔

بادشاہن وۄن "اَمۍ ہٕنز ژھوپہٕ چھے اَمۍ سٕنٕد جُرم ثابت کران۔ یہٕ گژھہٕ دۄن دوہن اندر اندر قتل یُن کرنہٕ۔"

لہٰذا آوسونٕر قادخانہٕ ننہٕ۔ ہُپارکۍ اوس بادشاہن حُکم دِیتمت زِ پھاسی گژھہٕ اَکِس دون دوہن پتھ ننٕزِ یتھ زَن سہ اَمہٕ ظالمانہٕ قتلک (یہٕ زن یہٕ باسان اوس) اصل وَجہ نٕزراَوِتھ ہیکہٕ۔ تٔمۍ بدلوو بھیس تہٕ رٕو دپہرٕ دارٕ بٕنتھ۔ راتھ کیٔتھ گووقِدس نشہٕ "ژٕ چھے پگہہ پھاسی" اَمۍ وۄن اَمِس "ژٕ چھکھا تیار؟ کانٕسہِ ماچھی کینٕہہ وَنُن؟" کانٕسہِ رِشتہٕ دارس یا دوستس یُس ژٕ وُنۍ کٔبس مدد ہیٚکی کٔرِتھ۔"

سونٕرن وۄنُس "شکریہ۔ بٕہ چھس مَرنہٕ برٕ وٕنہہ دۄن ترٕبن دوستن سمکھٕن یژھان۔"

"دسبٹھاہ جان" پہرٕ دارن وۄنُس "پگہہ مہٕ ٕستی تہٕ سَمکھ تمن" سونٕر گووگوڈٕ نبتھ وزیرٕ سٕنٕد گرِ تہٕ گرن اَتہٕ اَمۍ ٕہنٕدس نچُوس ٕستی کتھ۔ "میانہٕ یارا" اَمۍ وۄنُس "وۄنۍ چھُ مےٚ پھاسہِ کھسُن۔ ژٕ ہیککھ نامیانہٕ خاطرٕ کینٕہہ کٔرِتھ؟"

"آ" دِیُس اَمۍ نوجوانن جواب "ژٕ روز خوش۔ برابر وقس پتھ دِمہٕ بٕہ

بحیثیتِ فوجُک زِیٹھ پَنٕہٕ نَن سپاہَن اشارٕ تہٕ تم کرَن بادشاہَس قتل'' پہر دارَن بوز یمہٕ گَتھٕ تہٕ سپُد سخت حأران۔

پَتہٕ گووسونُر دیوان سُند گرٕ تہٕ کوٗرُن أمی سِندِس زِٹھس نیچِوِس ستی زِیوٗٹھ دربار''یارا'' وۆنُس أمی ''ژٕ کیاہ ہیکَکھ مےٚ یِلہٕ تژٕ اونہٕ خاطرٕ گرِتھ؟''

''کھوژمہٕ'' أمی جوانَن دِتُس جواب ''مےٚ گژھِہ نہٕ چانی مہربأنی مُشتھ۔ یُہ یمہٕ برابر وقتس پپٹھ تہٕ پننہٕ تلوارِ ستی مارَن بادشاہ۔ پہر دارَن بوٗز یہِ گَتھ تہٕ وُژھس تھرٕ۔

پَتہٕ گووسونُر پَنٕہٕ نِس بیٚنِس یارس یعنے ژورَس نِش تہٕ أمِس تہٕ پرٕ ژھُن سُے سوال یُس أمی ہَمَن پرٕ ژھمُت اوس۔ ژوٗرَن کوٗرُس جوابہٕ سلاماتہٕ دۆپنس ژٕ ٹھہر یِیتی رَژھِہ کھنْجہِ تِکیاژِ مےٚ چھے وُنی کینس زبردست کامہٕ ہنا اَکھ۔

أمی أسی سونٕری سِندی لفظ بوٗزی تہٕ یہِ بُڈ مصیبتس منز وُچھمُت تُمی کوٗر شبقہٕ ارادٕ زِ یُہ گرٕ أمِس مدد چاہے مےٚ اَمہٕ خاطرٕ زُوتہٕ دِین پییہٕ۔ سُہ وۆتھ تہٕ دژ اوامی ساعتہٕ تہٕ کھوٚت محل خانہٕ کِس دیوارس تہٕ ژاو دارِ کِنی بادشاہ سِندِس خواب گاہَس منز تہٕ اَتہٕ نِین تِمس شَہنشس گردَن ژٹتھ یُس اَمہٕ وِزِ بادشاہ سِندِس بسترَس پپٹھ بادشاہ سِنْدِ بدلہٕ شوٗنگِتھ اوس۔ ''وۆنی کیاہ کھوژِنہٕ سُہ گُنہٕ'' رَتہٕ بُرِتھ یہِ گلہٕ ہیرا اَتھس کیتھ ہیتھ سونٕرِس نِش واپس دَوان دوران وۆن أمی پانٕسے ستی۔

''ہے یارا۔ ژٕ چھکھا ییٚتی'' یہِ گلہٕ ہیر سونٕرِس تہٕ پہرٕ دارس بُژ وُنہِہ گُنہٕ دأرِتھ دِتھ وۆنُس أمی خوشی سان۔ ''وُچھتہٕ موکلے کیاہ ژٕ سأری تکلیف۔ بادشاہ ہیکی نہٕ

وۆنۍ ژٕے کانٛہہ نقصان واتناوِتھ۔"

اَمہِ پَتہٕ گو وسوٗنُر پہٕر دارس ستّی واپس قاُدخانس منٛز۔ ژُھمس آوٕ تمام لۆگن تہٕ فوجہِ مۆجوٗد گیہِ منٛز پھاسہِ کۆلس گَن پکناونہٕ۔ تتھُے سُہ پھاسہِ تختس پٹھ ووت تہٕ دیوان سُند نیٚچو آو ثبتھہٕ نٕز کرتَل ہتھ دوان دوران بادشاہَس قتل کرنہٕ خاطرٕ تہٕ وزیر سٕندی نیٚچوِی دِیُت پَنہٕ نِمن سپاہَن اِشارٕ زِ اُمس کرَن اَتھ کامہِ منٛز مدد۔ مگر یہِ کرنک پوو نہٕ اَتہِ ضرُوٗرتھے تِکیاز بادشاہَن اوس پۆرٕ پاٹھۍ اراد کۆر مُت زِ مے کیاہ چھُ کرُن۔ تُمۍ دِژ کرکھ "سوٗنُر تٕرٛ اوِیوٗن یَلہٕ، سوٗنُر گرِیوٗن آزاد۔ تُمس چھےٚ معافی یِوان دِنہٕ۔ اُمس آو بخشنہٕ۔" اَتھ پٹھ ووٗتھ اَتہِ جمع سپد یمتین لۆگن ہنٛدِ طرفہٕ گربز۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد۔"

(راوی: بٕشو بایو۔ رٕنی وور، سرینگر)



# أ کِس شہزادِ ہنز دٔلیل

اَکھ بادشاہ ہارنوو جنکس منزٕ أکی ہمسایہٕ مُلککی بادشاہَن تہٕ پھوٲمس ژُلُن۔
سُہ یُوٚت تیز ژٔلِتھ ہیوٚک تہٕ تیوٚت تہٕ ووت شہرٕ نیبر اکہٕ پَلہٕ بَہہ میل دوٗر أکِس
لوٚکٹِس نِکھٕچِس گامَس منز۔ تِس پھوٚ تیوٚت جلدی منز ژٔلُن زِ تَس گیہٕ پانس سٟتی کینْہہ
روپیہٕ ٹُلنہٕ تہٕ مُشِتھ۔ ووٗن گوو وتوتہٕ اوسُس قسمتھٕ زِ شہزادِ (بادشاہٕ سٕنز نوشہٕ) أسی کاہ
لال سٟتی یِموٚ منزٕ دِیٚت امہٕ اَکھ بادشاہَس تِتھے یِم گامَس منز راتھ گزارنہٕ خاطرٕ وأتی
تہٕ ووٗنُن تَس زِ ژٕ گژھ بازرتہٕ اَن کینْہہ کھینہٕ خاطرٕ۔ بادشاہَن روٗٹ لال تہٕ گوو
أکِس سواگرٕ سٕندِس وانس پیٹھ تہٕ دوٚپنَس یَتھ لالس پیٹھ تمہٕ منزٕ دِمَے روپیہ کھنٛجہٕ
کھینہٕ خاطرٕ سامانہٕ۔ ظاہر چھُ زِ أمی مونٛس خوشی سان تہٕ بادشاہَس ووٗنُن زِ پگھ مے
سٟتی ژٕ میون گرٕ تہٕ تٔتی دِمَے بٕہ باقٕے پیٚنسہٕ واپس۔

مگر ژٕ کہٕ اوس یہ سوداگر بَد خصلت۔ سُہ ہیکہٕ ہے أتی باقٕے واپس کٔرِتھ مگر تمی
یوٗژھ سُہ گرٕ پکناوُن تِکیازِ تمی اوس پینٛنہٕ گرٕ أکِس کمرس۔ یوہَے ژھَل ہیوٚ بنوومُت یٚیتہٕ تمی
وارٕ یہٕ لوٗکھ پھنٛد کٔرِتھ بند أسی کرِی مٕتی۔ یہ ژھَل اوس یُتھ ہیوٚ زِ یُسے شخص اتہٕ بیٛہان

اوس سَہ اوس سیٖوٚ دُ ے بوٚن اَکس چھَس منز واتان ییٚتہِ تم توٚت تانی نیٖر تِھے اُسی نہٕ ہبکان یوٚت تانی نہٕ تم سَہ چیٖز یاسَہ وعدِ دِہَن یہِ کینٛژھا سوداگر تمن منگہٕ ہے۔

ییٚلہِ کینٛہہ گانٛٹہٕ گزرے تہٕ بادشاہ واپس پھیٖوٚرے نہٕ شہزادِ کوٚ ڈیٚبیا کھلال تہٕ دِتُن یہِ پَنہٕ نِس خانہٕ دارس تہٕ ووٚننس نیر گوٚ ھ اَن کینٛہہ کھیٚنہٕ خاطرٕ تہٕ بیٚیہٕ دُچھ بادشاہَس ستی کیٚاہ سَپُد۔ شہزادِ تہِ ووت اُ ی ہے بدخصلت سوداگرہٕ سِندِس وانَس پیٚٹھ تہٕ پھوے اَتہِ بازرُک بوٚڈ وان وُچھتھ ووٚنُن اُمس سوداگرس زِ ژٕ ہے تہٕ یہِ لال۔ سوداگرَن ووٚنُس "ٹھیک چھُ پگہ میوٚن گرِ تہٕ بہٕ دِمےٚ ژےٚ اَتھ قیمتھ تِکیاز بہٕ ہیکےٚ نہٕ ییٚتہِ پنسہِ دِتھ" یتھہٕ کِنٛی نیوٚ اُمی شہزادِ گرِ تہٕ سُتہِ یوٚرُن اُتھی ژھلہٕ گُٹھس۔

ووٚنی اوس اَتہِ اَنہٕ گوٚٹ تہِ سَپُد مُت تہٕ نہٕ آو اورٕ بادشاہ تہٕ نہٕ شہزادِ واپس پھیٖرِ تھ تہٕ شہزادِتِل بیٚیا کھلال تہٕ یہِ مُلکانہِ پلنٛاوِتھ ووٚننس زِ ژٕ گوٚ ھ تہٕ اَن کینٛژھا کھیٚنہٕ خاطرٕ۔ مُلکانٛی گیہِ تہٕ تَس ستی تہِ سَپُد تی یہِ تِسنٛدِس خانہٕ دارتہٕ نیٚچوٚس ستی سَپُد۔

شہزادی پرٛاریہِ کینٛہس وقتس تِسنٛدِس یِنَس تہٕ اَمہِ پَتہٕ گٔیوٚس شک زِ بادشاہ، ملکانہِ تہٕ شہزادس چھُ کیٚاہتانی ووٚ گتہٕ سَپُد مُت۔ اَمہِ کِنٛی دژ اَیہِ سوٚ پَنہٕ نِس خاندارہٕ سِنٛدی کینٛہہ پلوٚلاگِتھ بدل حُلیس منز بازر۔ ہُمِنٛے ہِنٛدی پاٹھی گیہِ سوٚ سیٖوٚ دُ ے بڈِس سوداگرہٕ سِندِس وانس پیٚٹھ تہٕ ووٚنُن تَس یہِ لال ہینہٕ خاطرٕ۔ تمی ووٚنُس "ادِ کیٚاہ۔ جان گوٚو۔ پگہ میوٚن گرِ"۔ گرِ واتِتھ ووٚنُس اُمی تِتھی گُٹھس منز اَژنہٕ خاطرٕ ییٚتہِ کھرِ کہٕ پٹ لاگِتھ اُس تہٕ دوٚنٛنس ژٕ پیار اَتی کینٛژَن منٛگن یوٚت تانی بہٕ پنسہٕ اَنے۔ مگر شہزادی اُس اُمِس کھوتہٕ ترٛچ۔ اُمِس کھوٚریہِ نفر گوٚڈ بُتھے تہٕ یہِ باسیوٚس عجیٖبے زِیہِ کیٚاہ اوسنہٕ کینٛہہ

روپیہِ وانٕس منٛز تھاوان۔ لہٰذا مون نٕہ اُمِس اَمہِ اوراَتھٕن۔ سو یێلہِ پڑاران اُس تمہ بۄز اَتہِ انسان آواز فرشہٕ تلہٕ یِوان۔ نگھہٕ پھِن گرٕھتھ پڑٕ زِ ناوتمہِ خانہٕ ارسٕنز آوازٕ پتہٕ پنہٕ نِس ہیٛہر بابہٕ تہٕ ہشہِ ماجہِ ہنٛز۔ تم اُسی مدد خاطرٕ کربکہٕ دِوان۔ سو گیہ پزٕنہ پیٹھی حیران۔ تمہِ دِژ کربکھ "ہے ژٕور ا! قاتلا! کوٚ تۄ گوکھ؟"

سوداگر آو دوان دوان تٕس کُن تہٕ ووٚنٕنس "کیاہ ذٔلیل۔ کیاہ دلیل!"

اَمہِ پڑ ژھٕس "ژٕ بے کیاہ کوٚر ژتھ یِمن نفرن؟ یِم کڈٕکھ تہٕ ینمبر ییٚتہٕ یِم تھاوِکھ ہٕتی ژھتھکھ نتہٕ گرٕشھے بہٕ وٚنی تہٕ کرٕ بے بادشاہس نِش شکایت۔"

سوداگر کھوٚ ژتہٕ ترٕاوِن قاد گری ہٕتی یٕلہٕ تہٕ دِتی نگھ تم لال واپس یِم یِمن نِشہِ رٕٹی ہٕتی اُسن۔ پتہٕ دراو بادشاہ، ملکاَنی تہٕ شہزادٕ اَتہِ مگر شہزاُدی (یوسہٕ مَرٕ دِ رخٕتس منٛز اُس۔ یہٕ اَسہِ گوڈے ووٚن) پیٹھ سوداگر سٕندِس وٚنٕنس پیٹھ اُتی کال کھنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ، تمی سٕنز آشنی تہٕ نیٛچو گٔے فورن تتھ جایہِ ییٚتہٕ تمو شہزاُدی اُسی ترٕاومِژ۔ "افسوس! افسوس" شہزادن دِژ کربکھ "خبر تٕس کیاہ مصیبت چھُ آمٕت۔ یاتہٕ چھِے کانٕسہِ لوٗٹہٕ ہِژ نتہٕ مارٕ ہِژ۔"

بادشاہن ووٚنُس "نہ۔ تہٕ آسہِ نہٕ۔ عانِ مُمکن چھُ زِ سو چھے اَسہِ ژھانڈنہٕ دژٕ امِژ تہٕ جلدٕ بے ییہِ واپس۔"

مگر شہزاُدی واٗژ اَمہِ پتہٕ وارٕیہہ وٕہری پنہٕ نِس خانہٕ دارس تہٕ بادشاہس بیٛیہ مُلکانہِ نِش۔ دوٚیمہِ دوہہ صُبحٕ بے دژٕ لیہ سو اَتہِ تہٕ رٕوٗز وارٕیاہن دوہن پوٚتس پتھ پکان یوٚت تانی سو بیٛیس اَکِس مُلکس منٛز واٗژ۔ اَتہِ روٗز سو مَرٕ دِ رخٕتس منٛزٕ بے تہٕ

کوٚرُن یہِ ظأہر زِٕسہٕ اوس أکِس سوداگرسُنٛد نٟچُو تہٕ أمِس اوس گنپت راے ناو۔ أمۍ سٟنٛزِ حأضر جوأبی تہٕ پھُرتیلہٕ آسنہٕ کِنۍ سَپُد اَتێک أکھ بوٚڈ سوداگر أمۍ ہِنٛدِ ستۍ مُتأثر تہٕ دِژنَس نوکری۔ أمِس سوداگرس آسہٕ ترٛے زنانہٕ مگر نٟچو ااوُسُس نہٕ کانٛہہ۔ اَتھ اوس یہِ وجہ زِ یێلہِ تہِ کُنہِ سٟنٛزِ کأنٛسہِ زنانہِ نٟچو اوس زوان تمہِ پتہٕ أس أکھ ڈأکِنۍ پیوان وأتتھ تہٕ أس أمِس کھێتھ نوان۔

وۄنی یێلہِ گنپت راے سوداگرس نِشہِ مُلازِم اوس تہٕ أمِس سوداگرس زاو لڑکہٕ ہنا۔

"بہٕ چھُس یژھان۔" أمۍ وۄن گنپت رایس یُس تَس جلدٕے پَنہٕ نِس کاربارس منٛز بھروسَس لایق اوس باسیومُت "بہٕ چھُس یژھان زِ ژٕ روزَ کھأزراتس شونگَن کُٹھِہ کِس دروازس نِشہِ تہٕ روزَ کھ ڈأکنہِ گۄس۔ سو ییہِ ضرورتہٕ گرِبچِس ہیٚچ کۄشش۔"

اَمہِ وۄنُس "اَڈھیکھ چھُ۔"

نصف رأژ کِیُتھ آیہِ ڈأکِنۍ تہٕ دوریہِ ٹاس گرِتھ درواز مۄراونہٕ خأطرٕ تہٕ گنپت رایَن رُٹ سو پتھ۔ اَتھ پێٹھ کوٚر ڈأکنہِ گنپت رایَس حملہٕ تہٕ أمۍ ترٛأوُس مستَس تھپھَہ تہٕ دِژِن پتھر دأرِتھ۔ ڈأکنہِ دِژ کربکہٕ "ہے مےٚ ترٛاو یێلہٕ۔ مےٚ ترٛاو یێلہٕ۔ بہٕ چھسے ژٕ ے وعدٕ کران زِ بہٕ کرَن نہٕ زانٛہہ تہٕ یہِ گرِ وۄنی پریشان۔ مےٚ ترٛاو تہٕ دِمےٚ گژھنہٕ۔"

شہزادِمۄنُس تہٕ ڈأکِنۍ وژلیہ۔ پگہہ صُبحِس یێلہِ سوداگرَن کالٕچ یہِ ڈلیل بوٗز

سہ سَپُد سبٹھہے خوش۔ ''ژےٚ گرِتھ مےٚ ژتھ خدمت یوسہٕ بہٕ ژےٚ زانٛہہ ہٲرِتھ ہیکہٕ۔'' تمیٚ وۄنُس ''وۄنی یوٚ تانی ژٕ زِندٕ چھکھ توت تانی روز کھیمنٕ بے گرِس منٛز۔ بہٕ دِمےٚ ژےٚ پننی بینہِ نیتھری۔''

گٔپت رالیس اوسہٕ وُنہِ سوداگرِ سنٛزِ بینہِ ستیٚ کھاندر کری متس زیادٕ وقت گوٚمت بیلہِ تمیٚ یہِ خاہش بأوٕ زِ بہٕ گژھہٕ ہاپنہٕ نِس مأجس ماجہِ مُلا قاتس تہٕ سوداگرس کوٚرن درخاس زِ مےٚ دِتہٕ آشنہٕ ستیٚ نِنک اجازت۔

گوڈٕ کرِ یہِ سوداگرن ژھوپےٚ مگر پتہٕ دِتنس اجازت۔

واپس پنٛن مُلک وأتِتھ ژھأنڈ گٔپت رایَن پنٛن خانہٕ دار، بادشاہ تہٕ مُلکہ پژِتھ لنِدٕ تہٕ دۄ ردۄ رتانی تہٕ اُخرس لٔبِن اُکِس لوکٹِس گامس منٛز تمن بیچھان۔ تموٚ پژٕ نأونہٕ سوتِکیا زِسوأس مَر دِلباسس منٛز۔ اکہِ دۄہہ شامس لاگ تمہِ پننی پلوتہٕ گیہِ تمن نِشہِ۔ اَمہِ پتہٕ پژٕ نأوتموٚ سوٗ ستیٚ شہزادن وۄنُس خوٚشی سان جذباتن منٛز ''میأنی ٹاٹھہ آشنی'' بادشاہ تہٕ مُلکأنی گیہِ دوان دوان أمِس کُن تہٕ چھس ونان ''میأنی یژ کالہٕ رأو منٛز گوٚ ہری'' تہٕ نالہٕ متیٚ کران چھس ونان ''ژٕ کتہٕ آسکھ؟ ژےٚ ستیٚ کیاہ سپُد؟ اَسہِ باسیاوژٕ مانیکھ کأنسہِ نتہٕ ماژھنہٕ ہکھ مأرِتھ تہٕ اَسہِ اُس نہٕ رایی زِژٕ کیاہ وُچھوتھ دُبار'' تمہِ رأژ اُس تہند بن دِلن منٛز زبردست خوٚشی تہٕ شادمأنی۔ شہزادِنی یم ترٛ نوےٚ تتھ گرِس منٛز بیتہٕ سو سوداگرِ سنٛزِ بینہِ ستیٚ اُس روزان تہٕ کرنأوِن یم تسنٛد تعارف۔ اَمہِ پتہٕ وۄن اَمہِ تہٕ سورُےٚ یمَن یہِ أمِس ستیٚ تمن نِشہٕ ژھینہٕ گژھنہٕ پتہٕ پیش آو۔ اَمہِ کتھہٕ پأٹھی کرِ فلأنی مُلکس منٛز اُکِس سوداگرِ سنٛز ملازمت تہٕ خدا صأبن کتھہٕ پأٹھی کر أمِس

ترقی زِ اُمِس سَپُد سوداگر ہنٛزِ بیٛنہٕ ہتی کھاندرتہٕ اُہسس سبٹھاہ دولت۔ اَمہِ پتہٕ وۄن اَمہِ سوداگر ہنٛزِ بیٛنہِ زِ ژکہِ اَس پتہِ زنانہٕ تہٕ تَس کوٚرُن التجازِ بینہٕ سو اَمہِ دھوکہٕ خاطرٕ اُمِس ناراض سَپِد ٔبلکہِ گٔرِن اُمی ہنٛدِس خانہٕ دارس ہتی کھاندریُس اَکھ شہزادِ چھُ تہٕ پتہٕ روزوٲسی پانہٕ وٲنی یکجا۔

تِتھے یِم گریلو معاملہٕ اَنٛزراٲوِن تہٕ شہزادِ سوٚ مبروہیٛہرٕ بابہٕ سُنٛد سوٗرے چھلہِ چھلہِ گوٚمُت فوج تہٕ تمَن بأگراوبن سبٹھاہ روپیہِ تہٕ تمَن دِژن پٔنُن مُلک واپس آزاد کرناونہٕ خأطرٕ ہمت۔ یِمَن فوجیَن مٔژ وُزنوٚوُن زبردست جوش تہٕ جذبہٕ تہٕ تم سپدی پَنٕنہِ مُلکہٕ تہٕ بادشاہَس خأطرٕ کینٛہہ تہِ کرنہٕ باپتھ تیار۔

پَتہٕ سَپُد جنگ تہٕ زیوٗنکھ قلعہٕ تہٕ نیٛبرِ مہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس پیوٚ فوج ہتھ اَتہِ ژٔلُن۔

(راوی: ﭢِشو بایوٕ رٔنی وورسرینگر)



# أ کِس شہزادہٕ سٕنٛز دٔلیل

## (الگ لُگہٕ کتھ)

أ کِس شہزادس کوٗرُکھ کھاندر۔ کھاندرٕ پَتہٕ دۄٚیمہِ دوہہٕ سوٗز بادشاہَن یعنے تٕسندی مأل تَس یہِ شیچھ زِ ’’پننہِ آشنہِ وَن زِ بادشاہَن سوٗزنے سلام‘‘ شاہزادَن کوٗرلی تہٕ زنانہِ أمی سٕنزِ دِیُت سیوٚدُے جواب ’’ٹھیک چھُ‘‘ شاہَس آو بادشاہس یہِ معلوٗم کرنہِ زِ شہزادِ کیاہ جواب اوس دِتمت تہٕ أمی ییٚلہِ بوٗزتہٕ وۄنُن ’’افسوٗس۔ مےٚ گیہ تمہِ سارے روپیہِ ضایع یمہِ مےٚ شاہزادٕ سنٛدِس کھاندرس پیٹھ خرچاوِ۔‘‘ أمہِ پَتہٕ کیٛہہ کالُک آو شہزادس دُبارٕ کھاندر کرنہٕ تہٕ امی اندازٕ سوٗز بادشاہَن أمس زنانہِ سلام ’’ٹھیک ٹھیک‘‘ شہزادِ دیُت جواب ’’بادشاہ صأبس گرِی زِ تُمی سٕنزِ مہربأنیہِ خأطرٕ شُکریہ تہٕ دِٔنی زبس میٲنی سلام‘‘۔ ییٚلہِ بادشاہن یہِ جواب بوٗزتمی وۄن ’’افسوٗس! افسوٗس! میٚون بدقسمت۔ مےٚ رأوٕرِی تمہ پٔنسہِ یم مےٚ نیٚچوِ سنٛدِس کھاندرس پیٹھ خرچأوی۔

پَتہٕ گوو بیٚیہِ کیٛہہ کالاَ زِ بادشاہَن کوٚرنیٚچوِس ترٛیٚیم کھاندر تہٕ أمی سٕنزِ ترٛیمہِ زنانہِ تہٕ کٔرن أمی طریقہٕ آزمأیش۔ یہِ ترٛیٚیم زنانہٕ أس حلیم، ادبہٕ وأجنی تہٕ رٕژ۔ ییٚلہِ أمہِ بادشاہ سٕنٛدِ طرفہٕ یہِ شیچھ بوٗزتمہِ کوٚر خانہٕ دارَس التجا زِ سُہ وَنہِ بادشاہ صأبس

"شہزاد دِ چھےٚ ونان زِئہ کوسہِ چھس زِ بادشاہ کیاہ تھاوِ مےٚ اَمہِ آیہِ کُنہِ قطارَس" یہِ کوٚر اَمہِ یِیمہِ وجہ کِنز زِ تَس باسیاونہٕ یہِ مُناسب زِ بادشاہ سلامت یوسہِ سلام ونان چھِ تَتھ نسبت سپد کانٛہہ توہین یا گرِاتھ یہِ تَتھہِ پاٹھۍ قبوٗل زِیہِ باسہِ اُمس پٔنُن حق۔ یہِ زَن ہُمو دۄیَو شہزادیو کوٚر رمُت اوس۔ اُمۍ سُنٛد یہِ جواب بوٗزِتھ گوو بادشاہ خوش تہٕ وۄنُن پَنہٕ نِس نیچوٗس "یہِ کیاہ چھےٚ ژٕرےٚ دانا تہٕ رٕژ زنانہٕ۔ مےٚ گُری نہٕ اَتھ کھاندَرس پیٹھ خرچاوِ دِتۍ پٔنسہٕ ضایع۔"

اَمہِ کھاندرٕ پَتہٕ کیٛنہہ وُری آو اَکھ طاقتور بادشاہ پٔنُن فوج ہیتھ وۄتلتھ تہٕ کوٚ رُن شہرس پیٹھ قبضہٕ تہٕ بادشاہس تہٕ اُمۍ سِنٛدِس فوجس پیو ژٔلُن۔ شاہی گرٕ آو چھکراونہٕ۔ بادشاہ، مٔلِکانٛۍ تہٕ شہزادِ ژٔلۍ اَکِس مُلکس یِیلہِ زَن ترٕےٚ شاہزادِ پَن پٔنُن مالیٛن گیہِ۔ نیرنہٕ برٕ وٕنہہ گرِ اَمہِ رٕژِ تہٕ دانا زنانہِ، سَتھ ژوچہِ تہٕ پزٕ ہتھ اَکِس منٛزٕ اَکھ اَکھ لال بٔرِتھ تِمَن یِمہٕ پانس ستۍ۔

اَتھ دربدری دوران وٲتۍ بادشاہ، مٔلِکانٛۍ تہٕ شہزادِ تَتھ مُلکس منٛز یِیتہٕ یہِ دانا تہٕ رٕژ شہزادِ روزان اُس۔ لہٰذا اَگے تِم اُمۍ سُنٛد گرٕ تہٕ وۄنُکھ تَس تہٕ سورُے یہِ تِمَن پٔنَنہٕ مُلکہٕ منٛز نیرنہٕ پَتہٕ ہُتھہِ آو۔ شہزادِ پھیوٚر یہِ ہُنٛد تہٕ دِژن بادشاہس تِمو منٛزٕ اَکھ ژوٚٹ یِمہٕ تِمہِ بناوِمٕژ آسہٕ تہٕ وۄننس زِیہِ ژوٚٹ چھےٚ وۄنۍ سبٕتھاہ اَشِہ نیمٕ مگر اَتھ منٛز باگ لگِھ ژٕ اَکھ لال۔ یُہ کِنہٕ زِ بازرٕ تہٕ اُنۍ زِ پانس خاطرٕ ضرورتکۍ چیز مٔلی۔" بادشاہَن کوٚر شہزادِ شُکریہ تہٕ گوو اَمۍ ساعتہٕ لمہِ جایہِ ہِنٛدِس اَکِس بارسَتہٕ سوداگرس نِش تہٕ وۄننس یہِ لال مٔلی ہینہٕ خاطرٕ۔ سوداگرَن لٲجس قیٖمتس پیٹھ درکہِ دَرکھ لہٰذا اووٕنُس بادشاہَن "چلو

تیٚلہِ کراٚکھ کاٚم زِمےٚ دِژ اکھ روپےٚ پیشگی تہٕ باقےٚ ہٕن رٕمہٕ بہٕ پگہہ۔

صُبحن ییٚلہِ بادشاہ گوو تہٕ سوداگرٚن وۄنُس اَتہِ "نیرگرٛ ہ ہُپاٚرکۍ چھےٚ وَتھ۔ مےٚ مہٕ گرفضوٗل بکواس لاٚگتھ وقت ضایع۔ ژٕ ہوکۍ چھِ یوٚت وارےٚہہ لۄکہ یوان تہٕ وَنان روزان زِمےٚ کوٚر ییہِ تہٕ مےٚ کوٚر رہہ تہٕ چھِ اَسہِ ہوبن لۄگن پٕنٕنہٕ کٕنٕ تارِنہٕ یژھان۔ مگر اَسہِ منٛز چھُ وارییَن باقٕین نشہِ سبٹھاہ ژۄر یاداشت۔ ژٕ گرگٕنتھ مےٚ لال؟ ژٕ ہیٚو غریب انسان گژھہ ہیکہِ دیانتداٚر ییہِ سان لال حاصِل کٔرتھ؟ بہٕ زانہٕ نہٕ ژٕ۔ نیرگرٛ ہ یییٚتہِ نٕتہٕ پکھ مےٚ ژٕ کو پاٚٹھۍ کڈُن۔" ییہِ زاٚنتھ زِییہِ گوو فضوٗلہٕ اُمس تقاضہٕ کرُن لہٰذا ادژاو ییہِ بدقسمت بادشاہ اَتہِ۔ "افسوٗس! افسوٗس!" سُہ اوس سوچان "بہٕ کتھہٕ کٕنٕ گرٛھہٕ مٔلکہٕ، شہزادٕ تہٕ شہزادِ نشہِ ییہِ جواب ہیتھ واپس؟ تمہٕ کرُن نہٕ مےٚ پژھےٚ۔ بہتر چھُ تہندٕ بن شکن تہٕ شُہٕن نٔوی نٔوی جواب ژھانڈنہٕ کھوتہٕ اَمہِ محل خانہٕ منٛزٕ ژلُنۍ تہٕ گٕنےٚ زوٗن روزُن۔ لہٰذا گوو بادشاہ اٚکِس جنگلس کُن تہٕ اٚتی چھُ پننہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔

ییٚلہِ کینٛہہ کاٚنٛسہٕ گزرےٚ تہٕ بادشاہ واپس پھیوٗرےٚ نہٕ شہزادِ کوٚر پننہٕ نِس خانہٕ دارس آلو تہٕ تمِس بیٚاکھ ژۄٹ دِتھ وۄنُن تَس بازر گرٛھتھ سُہ لال کِنہٕ خاٚطرٕ یُس اَتھ منٛز اوس۔ شہزادن رٔٹ ژۄٹ تہٕ گوو اٚمۍ سےٚ باپاٚرِس نِش یَس نِش اٚمۍ سُنٛد مول اوس گوٚمُت۔ اٚمِس تہٕ تاٚراٚمۍ تِتھےٚ پاٚٹھۍ ییتھہٕ کٕنٕ اٚمۍ سندِس ماٚلِس دھوکہٕ اوسُن دِتُمت۔ اٚمۍ زوٗن زِمےٚ چھُ بہتر کٕنہِ دوٗرےٚ گٕنےٚ زوٗن روزُن اَمہِ نشہِ زِ بہٕ روزٕ تمن ستۍ ییمہٕ مےٚ پیٹھ ہمیشہِ شک کرُن زِ اٚمۍ کوٚر پٔنٕنۍ خرد بُرد لہٰذا گوو ییتہٕ جنگل۔ اَتہِ

سمکھ اُمس مول تہٕ ؤنن اُمس پٕنٕز یہِ دوکھہٕ ہُوٗ ذلیل تہٕ بۄزن زٕتس ءستی تہِ اوس بلکل یِی سَپد مُت۔

کیٛنہہ ہفتہٕ گزریاے تہٕ شہزادِ سونچ زِ بادشاہَن تہٕ شہزادن ژٕھنٕز اُسی تژ اُدی تھےٚ تہٕ دِژٕن ہشہِ ماجہِ اَکھ ژوٗٹ یَتھ منٛز لال اوس تہٕ وۄنُس زِ گوھ تہٕ یہِ کٕنٛنچ کر کوٗشش۔ سیٹھےٚ بدقسمتی کٕنٛز پیو اُمس تہٕ یہوے بدفطرت سوداگر بُتھہِ تہٕ بلکل سَپد اُمس ءستی تہِ یِی سو تہِ بہٕر یٲیہِ نہٕ شہزادِ نشہِ لال یالالہٕ کہِ مولہٕ ورٲے گژھنس تہٕ ژٕج جنگل کُن تہٕ تتہِ لۄبُن پٔنُن خانہٕ دار تہٕ نیٚچُو۔

شہزاد اُدی رۄز کیٛنژٕن دوہَن پژارن تہٕ اَخرس پوٗرن مردٕ رخت تہٕ ماٗلِ ہنٛدِس گرِس کھٕسِتھ پھیر سأری ہیے تہٕ چھےٚ یہنٛد بے پتاہ پژھان زِ تمو ماوٗچھ پنٕنہِ ہمسایہِ گی منٛز کانٛہہ بیٚچھہِ وُنا۔ کأنٛسہِ ہیوٗک نہٕ تٔمس یمَن راوِ ءتمن ہُنٛد کانٛہہ بے پتاہ دِتھ۔ لہذا رۄز سو بڑ وٕنٛہہ کُنے لمان یوٗت تانٛز سو بیٛنِس مُلکس منٛز واُتھ۔ اَتیٚک بادشاہ اوس پننہِ محل خانہٕ کِس برآمدس پیٹھ پکان تہٕ پیٛٹس اُمس پیٹھ نظر تہٕ آلو گرِتھ وۄنٕس زِ ژٕ ماکرَ کھ محل خانس منٛز نوکری۔ تمہِ مون فورَن تہٕ امی وِزِ آیس اَکھ کأمادِ نہٕ۔ اُمی ءسٕنٛزِ ہو نرِ، دلنٲیی تہٕ رٕژر وٕ کٕنٛز میچ تَس بادشاہَس نِش زیادے قدر تہٕ سُہ اوس اکثر اُمس ءستی کتھ کرنہٕ یا کُنہِ ذأتی یا عوأمی معاملس متعلق صلح ہیہٕ خأطرٕ نادسوزان۔

سو ییٛلہِ محل خانسے منٛز روزان اُس تہٕ اَکھ بوٗڈ اجدرا گو و مُلکس منٛز ظأہر تہٕ گرِن وارِ ہہ لۄکھ مارٕ۔ سأری ہیے مُلکس بیوٗٹھ زبردست دہشت۔ کانٛہہ اَکھ اوسنہٕ پننہِ بڑ انٛدِ نیبر نیر نک جرات کران۔ بادشاہَس پیٹھ لو کٹہِ کھوتہٕ لوکٹس نفرس اوس

دٕ ہے موت نکھہٕ تل یِوان باسان۔ اَتھ مصیبت رٕکس وقتس منز سوٗز بادشاہَن شہزادِ نادتہٕ دوٗ پٔنس مےٚ وَنتہٕ ووٗنی کیاہ پزِ کرُن۔

تمہِ ووٗنُس "بٔہ گژھہٕ تہٕ مارن یہِ بلاے"

بادشاہَن ووٗنُس "گژھ تہٕ ہرگاہ ژٕ کامیاب گژھکھ بٔہ دِمَے ژےٚ پٔنٕنی کوٗر نیتھری۔"

شہزادٕ گیہِ تہٕ موٗرُن یہِ اجدٔر تہٕ یام سو یہِ خوشخبر ہیتھ واپس آیہِ تہٕ بادشاہَن کوٗرُس پننہِ کورِ ستی کھاندر۔ شہزادِ ہِندِس (یوسہٕ بادشاہ سُند ملازم اُس) درخاسس پیٹھ تیمہِ یہِ ووٗن زِ تَس اوس یہِ پٔرن کرنہٕ خاطرِ ووٗ نمت پہو بادشاہَس اُمس خاطرِ الگ مکانہٕ بناوٗن تہٕ بیا کھ پننہِ کورِ خاطرِ الگ بناوٗن۔ یُس مکانہٕ شہزادِ خاطرِ (یوسہٕ بادشاہ سُند زامتُر بٔنتھ اُس) الگ اوس تتھ نکھہٕ آسہٕ زٕ وَتہٕ رلان۔ کُنہِ ساعتہٕ ییٚلہِ نہٕ تَس کانٛہہ خاص کأما آسہِ ہے تہٕ سو اُس عمارٕژ ہنزِ پنجرِ دارِنش ہیتھ اَیأری پکن والین تماشہِ وُچھان۔ اکہِ دٕہہٕ کھیٚیہِ تمہِ ووٗھ ہش ییٚلہِ تَس پنہٕ نِس خاوند تہٕ تمی ہِندِس مأزِلس تہٕ ماجہِ ہنز ژھاے ہش گیہِ ییٚلہِ یِم اَیأری پکان اُسی۔ تمہِ بُلأوی یِم اِشارٕ کٔرتھ تہٕ پرٛژھنکھ زِ توٚہی کم چھو؟ کوٗت چھو گژھن؟ کران کیاہ چھو؟ تہٕ تِموتہٕ زون یہِ چھےٚ رٕژتہٕ بینِہ چھس ہمدردی تہٕ ووٗنہَس سورُے کینٛہہ۔ تمہِ ووٗ نکھ "وٕلو اَژِومیون گرٕ" تہٕ پَتہٕ ییٚلہِ تِم اورژاے تمہِ ووٗن تِمن زِ بٔہ کوسہٕ چھس "وُچھو" تمہِ ووٗ نکھ بژ ونٛہہ کُن "بٔہ چھس تُہنز شہزادٕ سےٚ اوسنہٕ پتھے زِ توہہِ ستی کیاہ سپد تہٕ لہذا ابدلو وےٚ رخت تہٕ دژ ایہِ سَتوہہِ ژھانڈ نہِ۔ شُکر خدایس کُن تیمی اُسی تہٕ تھٕکی پانہٕ وأنی بینِہ سمکھأوی۔

توٚ ہی پڑا رِ وشام تانی ییٚتیٚ تہٕ پتہٕ نیرِ بہٕ توہہِ ستۍ ۔ اُسۍ وُچھون یہِ بدفطرت سوداگر۔ تٔمس گرٕ ژھہِ سزا میلُن تہٕ اَسہِ گرٕ ژھہِ پنُن جاداد واپس میلُن ۔"

تمہِ دوہہِ راتھ کیٚنتھ دڑ ٲیہِ یہِ شہزاد، بادشاہ، مٔلکہ تہٕ شہزادس ستۍ گرِ۔ تم پکۍ تیوٚت تیز یوٚت تٔموہیوٚک تہٕ وٲتۍ تَتھ جایہِ ییٚتہِ سوداگر روزان اوس تہٕ تٔمس دِژکھ ترٕ ٹھ دھمکی زِ اُمِس شخصس گووِ یہِ خوف زِ بادشاہ بوزِیہِ گَتھ تہٕ دِیہِ اُمِس قتل کرنک حکم۔ تٔمۍ ژھُن پنُن سورُے داش نداش کِنتھ تہٕ دِتن یِمن پنِنہٕ۔

پتہٕ سوٚز شہزادِ تٔمس بادشاہَس شیٚچھ ییمۍ تَس ستۍ دوستانہٕ اوس لوگمُت تہٕ سمجھوٚن سہٕ سائلم کینہہ۔ معافی منٛگنس تہٕ کوٚرنس درخاس زِ سہٕ دِیِن شہزادِ یعنے تٔمۍ ہِنزِ کورِ شہزادَس یعنے اُمۍ ہِنٛدِس خانہٕ دارس ستۍ کھاندر کرنک اجازت۔ بادشاہَن مون۔ اکھتے سوٚز تٔمۍ اکھ بارٕ لشکر شہزادِ ہِنٛدِس ہیٚہر بابَس مدہٕ خٲطرٕ یُتھ سہٕ واپَس پنُن مُلک حاصل کرِ۔ پتہٕ گو ویٚیا کھ جنگ تہٕ مُلک آو واپس زیٚنہٕ تہٕ امہِ اورٕ روٗ دا مٔن تہٕ خوٚشحٲلی امہِ کِمن سارنٕے حدن حکم رٲنی کران۔

(راوی: بِشو بایوٗ۔ رٕنی وور، سرینگر)



# شہزادِ یَس کَٹھ بنیاو

أ ِکس مُلکس منز اوس اَکھ بادشاہ تیٚمس شُراہ شَتھ زنانہٕ آسہٕ مگر نیٚچو اوس نہٕ کُنے۔ اُمس نیٚچوس اوس بادشاہ تٕرٛ شہہِ شہزادِ ستی کھاندر ییٚژھان کرُن یوسہٕ شہزادٕ ہِش خۄبصورت آسہِ ہے تہٕ یوسہٕ تِتھس بادشاہٕ سنٛز کوٗر آسہِ ہے یُس عزتہٕ کِنۍ اُمۍ سِے برابر آسہِ ہے تہٕ اُمۍ سنٛزے یاٗژ زنانہٕ آسہٕ ہَن۔

تیٚمس بادشاہَس یہِ کُنے نیٚچو اوس تُمس اوس اَکھ دانا تہٕ خۄبصورت طوطہٕ تیٚمی سِندِس مشورَس سٕہ قدر اوس کران تہٕ مُشکل موقَن پیٹھ اوس سُہ اکثر اُمس مدد ہوان۔ لہٰذا انوو اُمۍ اَمہِ ساعتہٕ تہِ طوطہٕ تہٕ اُمس پننٛی خاہش باوان ووٗنُن زِ ژٕ گژھ تہٕ ژھانڈُن مینٛس نیٚچوس خاطرٕ ییٚژھ زنانہٕ۔ طوطَن موٗنُس تہٕ بادشاہَس ووٗنُن زِ ژٕ گنڈ شہزادِ سُنٛد تصویر میانہٕ زنگہِ تہٕ اَمہِ پتہٕ لوٚگ وُڈنہِ۔ جلدِ ے ووت یہِ أ ِکس ہمسایہ مُلکس منز ییٚتہِ سخت رۄدٕ کِنۍ اُمس أ ِکس جنگلس منز ٹھہرُن پیو۔ اُمۍ کُڈ اَکھ گلی دَدرٕ وَنہِ تہٕ سوچُن زِ یہِ چھے میانہٕ ٹھہرنہٕ خاطرٕ سارِوے کھوتہٕ آرام دِیٚہہ جاے مگر یام سُہ اَتھ دَدرِ کِن وُچھِہ ہیوٚتُن گژھُن اَتِہ آیَس اَکھ آواز "یور مہ اَژ۔ ہرگاہ ژٕ یور اَژ کھتیٚلہِ گژھی ژٕ ے اُچھَن گاشی" اَمہِ کِنۍ بیوٚٹھ یہِ طوطہٕ أ ِکس لنٛجِہ پیٹھ یوسہٕ اَمہِ کِس گوڈس

أس کھۄژ ہۄژ تہٕ چھُ پژاران۔ أتھی منز دژ ایہِ اَمہِ دَدرِ منز اکھ ہأرتہٕ وٗژھ طوطَس کُن بۆن کُن وُپھہِ تہٕ لٲجن أمس ستۍ زہٕتھ کتھا باتھا۔ تتھ منز أمۍ (طوطن) أمس تتھ پأغامَس متعلق وۆن یُس ہتھ یہِ دژ امُت اوس۔ اَسہِ ننہٕ یہِ بۆ وۄنہہ کُن زِ یہُنڈ یہِ سمکھُن اوس سبتھٕ مُناسب موقس پیٹھ۔ ہأر أس أکس خوٗبصورت شہزادِ ہِندِس تلاشَس منز یُس کأنسہِ تتھِس بڈِس بادشاہ سُند کُنے نیچو آسہِ ہے یُس شُراہ شتھ زنانہٕ آسہٕ ہَن۔ یُتھ زِ سو پَنہٕ نِس تَس مألکہٕ ہٕنز کُنے کورِ خأطرِ مُنأسب رِشتہٕ ژھانڈِ ہے یَس پانس تہٕ شُراہ شتھ زنانہٕ آسہِ۔ ظأہر چھُ زِ طوطن وۆنُس زِ تیلہِ گوھہِ یہِ أمۍ سُنڈُے مألِک اَمُن تہٕ تِہندی ہے مألکہٕ ہِندِس کُنس نیچوٕ س ستۍ گرٛھہِ شہزادِہُند رشتہٕ سَپدُن۔ طوطن ہوو ہارِ شہزادِ سُند تصویر تہٕ۔

اَمہِ پتہٕ سپدی یِم دوشوٕ ے تِمس بادشاہ ہِندِس مُلکس رولنہٕ یَس کُنی کوٗر أس۔ تِہندِس اور واتنَس پیٹھ وُچھ تِم محل خأنکی أکی مُلأزِمَن تہٕ دِتُن بادشاہَس یہِ اطلاع زِ تِیمس ہارِ پیٹھ ژٕ ے بھروسہٕ اوستھ کوٗرمُت تمہِ چھےٚ أکس طوطَس ستۍ واُنہٕ تہٕ سو چھےٚ پَنہٕ نِس أمس یارس ستۍ تیرٕ نألی نال زِتَس چھُ بادشاہ سلامت سُند حُکم تہٕ منشتھے گوٗمُت۔ بادشاہَن ییلہِ یہِ بوٗزُکھ دِیُت تَمی وِزِیہِ حُکم زِ یِم دوشوٕ ے جاناوار گرٛھَن مارنہٕ تِنی۔ أمۍ مُلأزِمَن أس پَنہِ اَزرِونہٕ کُنی ہارِ ہِندِس کِردارس متعلق بدگوئی کٔرمژ۔ ہأر أس یہِ زأنتھ تہٕ اَمہِ کُنی أس سودربارکہ کمرچہ ہیرِ مہٕ دارِ کُنی وُپھہِ بۆن وٗژھمژ تہٕ لتہِ اوسَن بادشاہ سُند یہِ ظأ لمانہٕ حُکم بوٗزمُت۔ ''اَمہِ وۆن طوطَس کُن ''نبر نیر۔ اَتہِ نیر نبر أسی وُڈو سبتھاہ تھوٗ دیتھ یہِند بو تیرٕ ونِشہِ بچتھ ہکو۔ بادشاہَس

چھکھ اَسہِ متعلق کَن بُری ٲسی تہٕ سہ چھُ اَسہِ ژٕ کھہِ گۄمُت" لہٰذا اوٗ ڈے تِم یکجا تہٕ ڈٲلی ڈٲلی سپدی تِہنز ونظروتہٕ تِہنٛدِ پلن پایہِ نِشہِ دۄر۔ بادشاہٕنٛدی ملازِم دژا اے یِمن مارنہٕ خاطرٕ اورٕ یورمگر ییٚلہِ نہٕ تِمن کینژَن گاٹٕن ژھاٗنڈ دِتھ کینٛہہ حاصِل آو تہٕ تِم پھیرِ یہٕ سۄنٛچِتھ واپس زِ جانا وارن چھُ گٔمِتی تاثی شاہی حُکمس متعلق وۄنمُت یِیمہِ کِنی تِم گٔنہِ محفوظ جایہِ گٔمتی چھِ۔

کینژَن دوہَن پزارے تِم یوٚت تاتی تِموے سوچ زِ معاملہٕ آسہِ وۄنی مُشن ہیوٚتمُت۔ تہٕ پَتہٕ آے اکہِ دوہہٕ صُبحاے وُڈان وُڈان محل خانس منٛز تہٕ بیٚٹھی اَتہِ۔ طوطہٕ بیٚوٹھ بادشاہٕنٛدِس دۄ چھِنِس کۄٹھس پیٚٹھ تہٕ ہاٗر بیٚٹھ تِہنٛدِس کھوورِس کۄٹھس پیٚٹھ تہٕ وۄنِہس" اَسہِ وَن ژٕ کیازِ چھکھ اَسہِ مارُن یژھان؟ اَسی چھِ وفادار۔ یِمن لۄکَن چھُ سون اَزرُون توے چھکھ اَسہِ متعلق بہتان وۄنمُت۔ اے بادشاہ۔ توٚہی وُچھو تہٕ پانے کٔرِو فاصلہٕ زِ حقیقت کیاہ چھےٚ۔ اَسی دۄنوے چھِ تِمن بادشاہَن ہٕنٛدی یِم پنٕنہِ بہادری، دانأیی تہٕ دولتمند آسنہٕ کِنی ناماوار چھِ۔ یِمَن دۄشوٕنی بادشاہَن ژٕراہ شتھ زنانہٕ چھےٚ۔ اَکِس بادشاہَس چھُ اَکھ کُنے نیٚچو تہٕ بیٚیس چھےٚ اَکھ کُنی کۄر۔ یِمو دۄیو بادشاہو یوٚ دوَے اَکھاَکِس سُند زٕنہِ تہٕ بوٗزمُت چھُ تہٕ نہ چھِ زانٛہہ پانہٕ وأنی سمکھیمتی تہٕ گٔرِتھ تہٕ چھِ پَنہٕ نِن ژٕربن ہُند رشتہٕ گنٛڈُن یژھان۔ اَکھ بادشاہ چھُ تژے کۄر ژھاندان یتھ بیٚیس چھےٚ تہٕ بیٚا کھ بادشاہ چھُ تِتھےٚ لٔڑکہٕ ژھانڈان۔ یتھ گوڈ نِکس چھُ۔ بادشاہ صأب، وُچھو زِ یِمَن دۄن بادشاہَن ہٕنٛدی نوکر چھِ توہہٕ بڑ وۄنہہ کنہِ۔ یہ اوس خدایہٕ سُند گرُن زِ اَسی دۄنوے سمکی اَکھاَکِس تِہنٛدِس سلطنتس نِکھے اَکِس جنگلس

منز تہٕ یِہے خوش خبر ہیتھ چھِ توہہِ نِشہِ آمتی۔" یِیلہِ یِمو یہِ کلامہِ کوٚر تہٕ طوطن پلنو و بادشاہَس خوبصورت شہزادِ سُند تصویر۔

بادشاہ یُوٗ تاہ حاٗران سیٚد تیوٗتے سیٚد خوش تہٕ۔ گوڈٕ بیچھے نہٕ بادشاہَس یِمن جاناوارن ہنٛز گتھ مگر یِہ تصویر وُچھتھ سیٚد مطمئن۔ اٚمی روٗٹ یہِ خوبصورت تصویر تہٕ سوٗزُن زنانہٕ خانس منز تہٕ وۄنُن زِ اٚمی ہنٛزِ شُراہ شتھ زنانہٕ وُچھن اَتھ تہٕ وَنَن زِ تِمن چھا یِہ منظوٗر کِنہٕ نہٕ۔ کینٛہہ دوہہ گزرے۔ یہِ تصویر ووت نہٕ بادشاہَس نِشہِ واپس۔ شہزاٗدی اٗس اَتھ وُچھتھ تیوٗ متاثر سپز ہِنٛز زِ سوٚ اٗسنہٕ اَتھ اَتھہٕ منٛز ترٛاواٗنی۔ کینٛہہ کاٗلی ووت اوٚر جواب زِ شہزادِ کوٚر ساریوٚے قبوٗل تہٕ سُہ گژھہِ ؤلی ؤلی کھاندرٕ خاطرٕ اناونہٕ یُن تِکیازِ شہزاٗدی چھےٚ تَسنٛدِ مارمتہِ مَرن سَرٕ گمٕژ۔

یانی یہِ جواب بادشاہَس ووت تِمو دِیُت طوطس اَتہِ نیرنک اجازت۔ تِتھ سُہ پَنہٕ نِس ماٗلِکس یہِ وَنہِ ہے زِ اَکھ مُناسِب شہزاٗدی لٔب تِمو تہٕ ووٗنی گژھہِ سُہ پَنہٕ نِس نیٚچُوس ژوٗن رتن لنٛدرانٛدر کھاندرٕ خاطرٕ سوزُن۔ طوطہِ نِموٗس سبٹھہٕ احترامہٕ سان تہٕ دزٛاو۔

پَنہٕ نِس مُلکس منز واٚتِتھ ووٚن اٚمی طوطن پنہٕ اَمہِ سفرچہِ کامیأبیہِ متعلق۔ بادشاہ سیٚد سبٹھاہ خوش۔ تِمو دِیُت فورَن حُکم زِ پنہٕ واجنہٕ تقریبہٕ خاطرٕ گژھن بٔڈس پیمانَس پیٹھ انتظام تیز کرنہٕ۔ شہزادس خاطرٕ اٗسی سبٹھے موٚلِلی پلو اَنٛتی۔ گُربن پأرا ونہٕ خاطرٕ اوس شاندار سامانہٕ اَنُن، سپاہَن کِتھ اٗس شاندار وَردی اَنٛتی، بییہٕ مختلف قِسمن ہنٛدی تحفہٕ۔ سبٹھے موٚلِلی لال جوہر، سبٹھے رُت کَپُر۔ سبٹھے کم یاب موٚ، کاٗفی دروٗگ

مصالحہٕ تہٕ عطر اُس اَنٛز۔ پڑ بتھ کانٛہہ چیز آو یاد کرِتھ منگناونہٕ ڈٲلی ڈٲلی گنٛدرے یم
ربتھ۔ تیاری تہٕ سٲری کرنس منز تور نہٕ فکرے زِ وَقت کیاہ کڈ دڑاو۔ وۄنی اُس شہزاد
ہٕنٛدِس روانہٕ سپدنس بَس کینٛہہ دۄہ رۄدی متی زِ افسوس! تَسنٛد مول گو وِ بیمار تہٕ
گزریاو۔ یہِ اُس اَکھ کرٕ پٹھ ازمایش اَکھ دوکھہٕ مویو سی۔ شہزادَس پیو نیرُن مُلتوی
کرُن تِکیازِ اَمی سُنٛد اَمہِ ساعتہٕ نیرُن گٔیاو مٲلِس نِسبت اَمی سُنٛد احترام نہٕ آسُن۔
توے تہٕ کوٚرکی نیرنس ٹھہراوے۔

یانٛی وۄنی اَمی ہٕنٛدِس مٲلی ہٕنٛدی ماتم دٲری ہٕنٛدی دۄہ گزریاے تہٕ شہزادٕ سپد
روانہٕ۔ طوطن ہاوُس وَتھ۔ یہِ اوس نہٕ زیادٕ دوٗر منٛزِل ییٚمہِ کِنی کھاندرٕ والین ہنٛز یہ
جماعت جلدٕ ے شہزادٕ ہٕنٛدِس مُلکس منز واٚتھ۔ شہزادن لاگی محل خانس نکھے اَکس
باغس منز خمہٕ۔ ہرگاہ تَس پَے آسہِ ہے سہٕ اَتھِ ہے نہٕ زانٛہہ اَتھ باغس منز تِکیازِ اَتہٕ
موٗ دٲمی سُنٛد یہِ طوطہٕ۔ یہِ وفادار جانور رٹھُن باغوانَن ییٚمہِ وَجہِ کِنی بندوق کہٕ ٹاسہٕ ستی
مٲرِتھ زِ اَمی اُسی اَتہِ بادشاہ ہٕنٛد بن گلبن ہٕنٛدی کھٕز رداٲرِتھ دِتی متی۔ شہزادَس تِتھے یہِ
مصیبت پیو تہٕ اَتھی ستی بوزُن زِ شہزادٕ ہٕنٛدی مٲلی کوٚر تَسنٛد کھاندر اَمِس ستی کرنس انکار
تِکیازِ اَمِس اوس وۄنی مول گزریومُت۔

شہزادٕ ہٕنٛدِ اَتھ باغس منز ڈیرٕ ترٛاونہٕ پتہٕ کینٛہہ دۄہ دڑ ایہِ شہزاد ِ ڈولہِ منز
چکرس زِ اتفاقَن دڑ ایہِ سوٲپارکی تہٕ باغس کُن نظر پتھ پڑ زِ نووُن اَتہٕ سہٕ شہزادٕ تِکیازِ
اَمِس نِش اوس اَمی سُنٛد تصویر۔ اَمہِ وِزِ ووٚن نہٕ اَمہِ کِہنی مگر اَمی ساعتہٕ پھِرناوُن
ڈولی واپس تہٕ گییہٕ واپس محل خانہٕ۔ تَمہِ اوس پَنُن معشوق وُچھمُت۔ اَتہِ پتھٕ ہیٚرٕن سہٕ

وۄنۍ ٹھیکھ سپدِ نی ۔ تٔمۍ دوہہٕ کالچِس کھوٚتٕمہٕ نصفہٕ کھٔمن تہٕ باقٕے نصف سوزُن تصویرس سٍتۍ ہیتھ شہزادَس ۔ تٔمۍ وۄن پننہٕ دلیہٕ زِ سو گرِ شہزادَس یہٕ کھبہٕ خاطرٕ زاہ پارٕ تہٕ وۄنۍ ہرگاہ سہٕ یہِ مانہِ نہٕ تو تہٕ ؤنۍ زبس اَتھ منزٕ پٔنٕنۍ اوٚنگج ترٛاوٕنی ۔ دلیہٕ مون یہٕ ۔ شہزادن مون نہٕ یہِ کھیٚون مگر پننہٕ اوٚنگجہٕ بَتہٕ بانس منزٕ ترٛاوٕنس اوس نہٕ تَس کانٛہہ اعتراض ۔ یہٕ کرنس دوران وُچھ اٰمۍ اَتہِ بَتس منزٕ باگ پٔنٕن تصویر ۔ تٔمۍ وۄن پانسے سٍتۍ "سو چھےٚ مے محبت کران" تہٕ پٔنٕنۍ اَتھہٕ ووٚتھرِتھ لیچھ تٔمۍ شہزادِ چٹھۍ تہٕ سوٗزنس یہٕ دلیہٕ اَتھہِ ۔ شہزادِ یلہِ یہٕ چٹھۍ پٔرِ تہٕ سو سَپزٕ شہزادَس سمکھنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ بےقرار ۔ نصف راتھ کیٚتھ دِیُت تٔمۍ پٔنٕن گُر تیار کرنک حُکم تہٕ کینٛہہ اشرفی ہن ہندی ٹھیلہِ سٍتۍ ہیتھ وٲتھ سو گُرِس پیٹھ تِتھ باغس منزٕ یٚتہِ شہزادِ ٹھٔہرِتھ اوس ۔ شہزادِ سپُد تَس وُچھتھ حٲران ۔ تٔمۍ وۄنُس "حٲران مہٕ گژھ ۔ مےٚ چھُ چون تاشوق تہٕ توٚ ے چھُس ژےٚ نِش ژٕلتھ آمٕژ ۔ بادشاہ یعنے میٚون مول مانہِ نہٕ سون یہٕ کھاندر کرُن ۔ پَکھ کھَس پَنہٕ نِس گُرِس تہٕ اَسۍ ژٕلو چانِس مُلکس ۔ تتہِ ہیکہِ نہٕ اَسہِ کانٛہہ زرر وٲتتھ ۔"

اَمے ساعتہٕ دژٕاےیم دۄن وَے سیٹھاہ تیز گُربن پیٹھ سوار سپدِتھ تِتھ بجہٕ سڑکہِ پیٹھ یوسہٕ شہرٕ نیبر اَس گژھان ۔ کینژن گٲنٹن رٕوٗدۍ یم اےتیز رفتارٕ دوران تہٕ پَتہٕ پیٹھۍ اَکس کُلِس تَل تھکھ دِتھ ۔ بینہٕ دوہہٕ صُبحاےٚ دژٕاےیم تازٕ دَم سپدِتھ تہٕ طاقتہٕ سان برٛۄنٛہہ کُن پَنہٕ نِس سفرس پیٹھ ۔ تم اَسۍ نہٕ وُنہٕ زیادٕ دوٗر روٲتۍ یِتۍ زِ تِمن سمکھۍ سَتھ ڈاکو یم پَنہٕ نین گُربن پیٹھ سوار اَسۍ ۔ شہزادن وۄنُس "اَسۍ ہیکو نہٕ یِمن پۄشِتھ تہٕ اَسہِ پزٕ ژٕلُن ۔" اَتھ سٍتۍ کوٚر یِمو دۄنوے پَنہٕ نین گُربن چھانٹہٕ تہٕ سیٹھاہ تیز

رفتارٕ سان دڑاے بڑوٗنہہ کُن۔ مگر ڈاکو تہٕ اُسی زبردست سوار تہٕ گُری تہٕ اُسکھ تازٕ دَم۔ شہزادَن ووٗنُس کربکھ دِتھ ''یہِ گوٚ ہٕلی۔ ژٕ وُچھ یمو ہیٚتی اُسی رٹنی۔ اُسی کیاہ گرٕو؟''

شہزادِ ووٗنُس ''تیٚلہِ پزٕ اَسہِ یمَن مقابلہٕ کرُن۔'' تہٕ یِی وَنان پھیر سوزٕ ہٕنس پیٹھ پتھ کُن تہٕ لوٗیِن یمَن کُن اَکھ تیر پتہٕ بیا کھ پتہٕ بیا کھ یوٚت تانی تمہِ سَتھ تیر چلاوِک تہٕ ستہٕ وَے ڈاکو ماٗری۔

(خدایس کُن) شکرانہٕ کرِتھ تھوو یمو خوش پاٹھی سفر جاٗری تہٕ تمہِ دوہہ شامَس کیٚتھ واٗتی اَکس گامَس منز ییٚتہِ اَکھ دیوٗنی اُس روزان تیٚمس اَکھ نیچو اوس تہٕ تیٚمس اوٗڈُے جسم اوس۔ شہزادِ تہٕ شہزاٗدی ٹھہرے اَتھی گامَس منز اَکس تلاوس نِش۔ تم ییٚلہِ شوٗنگتھ اُسی تہٕ دیوٗنہِ ووٗن پنٕہٕ نِس نیچوٗس زِ ژٕ گژھ وٗلی وٗلی تہٕ ژھٕنُن شہزادِ ماٗرِتھ تہٕ پتہٕ اَنُن شہزاٗدی تہٕ گُری تہٕ بییٚہ تِہُند خزانہٕ گرِ۔

یہِ بدذات گو وتہٕ اوس خوٗن کرنہٕ خاطرٕ خوش۔ تتھے اُمی یہِ ظاٗلم کاٗم کرٕ زِ شہزاٗدی گییہِ ہُشیار۔ اورٕ یور دِژٕن نظر تہٕ اَتِہ وُچھن پنٕہٕ نِس معشوق سٕنز لاش تہٕ انتہاٗیی بدصورت شکلہِ ہُند نفرا اَتھ پیٹھ ووڈِنی۔ تمہِ ترٕ وواُسن تہٕ ووٗنَس ''یہ چھس سبٹھاہ خوش زِ ژٕے مور تھَن یہِ۔ پگہ نہٕ مےٚ تہٕ بناوٕم پنٕنی آشنی۔ ووٗل گوو گوڈ دفناوٗن ژٕ یہِ لاش تہٕ پتہٕ نیرو اُسی۔ اُمی کھُنی وٗلی وٗلی قبر تہٕ ووٗنُن شہزادِ پگھ دِژٕ اَتھ نظر۔ ''واریہہ لوٚکٹ'' تمہِ ووٗنُس ''دٔسنی پھن کھٔنُن''۔ اُمی شخصَن کھُنی بییٚہ فُٹ کھنڈ۔ اَمہِ ووٗنُس ''وُنہِ چھےٚ واریہہ لوٚکٹ'' پتہٕ کھُنی اُمی بییٚہ کھٕج تہٕ سُنی تہٕ ییٚلہِ سہٕ اَتھ کامہِ سَتی یوٚن کُن نِمتھ اوس شہزادِ تِج اُمی سٕنز سو شمشیر یوسہٕ اُتی پتھر اُس تہٕ ژٕٹُنس گلہٕ ہیر۔ ییٚلہِ تمہِ

پَتِن انتقام پوٗرٕ کوٚرتہٕ پَتہٕ وۄتھس دوٚرایہِ اوٚش۔ اَمِ سُند معشوق اوس گوٗر یومُت۔ تَمہِ تُج یہِ لاش تہٕ واتناوِن یہِ تلاوس نکھہٕ تہٕ اَتی اَتھ لَرِ بِہتھ لوٗگُن وَدُن تہٕ رِوُن۔ یہِ اوس تیٚسُندِ خاطرٕ سخت دوکھہٕ ہوٚت وقت۔ ہائے بہٕ کیاہ زِ موٗیَس نہٕ۔

سو ییٚلہِ وَدان اُس اَمہِ وِزِ دٕژلیہِ اَکس سبتھٕ پاکباز شخصہٕ سٟتۍ زنانہٕ اَپاری کِنۍ یُس اُتھی گامَس منٛز روزان اوس۔ اُمِس اَتھ دوکھس منٛز ڈیشتھ رُکیہِ سو تہٕ پرٛژھنَس زِ کیاہ دٕلیل چھےٚ؟ شہزادِ ہووُس میتَس کُن تہٕ وۄنُس سورُے کینٛہہ۔ اَمہِ زنانہِ وۄنُس ''صبر کر۔ ممکن چھُ بہٕ ماہکے ژےٚ مدد کرِتھ۔ ژےٚ پیٛارِ زِیٛتی یوٚت تاکہٕ بہٕ واپس یِیَے۔''

اَمہِ دوہہ شامس بأگ گرِ واٹِتھ وۄن اَمہِ زنانہِ پَنہٕ نِس خانہٕ دارَس شہزادِ ہُند یہِ سورُے مصیبت تہٕ کوٚرُن اُمِس زارٕ پارٕ زِ ژٕ کرتن شہزادِ دُبارٕ زِنٛدٕ'' ''افسوس! افسوس'' اَمہِ پاکبازن وۄن ''واے یہِ جاے اُس اُمِس دیٛونہٕ تہٕ تٔمۍ کٔرِ سٕندِس دوکھہٕ نیٚچوس نشہِ پاک! ییکیاہ بہٕ گرٛشہٕ تہٕ شہزادِ دُبارٕ زِنٛدٕ کرِتھ واتاوٕ بہٕ شہزادِ راحت۔ سُہ سَپُد روانہٕ تہٕ وُچھن اَتہٕ شہزأدی سبتھٕ بےتأبی سان تَمہِ مدتچہِ خوشخبرِ پرٛاران تیٚچ تَس صُبحأے آش اُس دِنہٕ آمژ اَمہِ رِتی شخصَن وۄنُس ''مے چھےٚ چانہِ حالچ پَے تہٕ توٚے چھسے بہٕ ژےٚ مدد کرنہٕ آمُت۔ بہٕ دِمہٕ نے ژےٚ واپس پَتِن شہزادِ''۔ پَتہٕ تُل اَمہِ اَکہِ اَتھہٕ اُمِس لاشہِ ہُند کلہٕ تہٕ دوٚیمہِ اَتھہٕ روٚٹُن اَمہِ سُند جسم تہٕ تھاوِن اَکھ اَکس سٟتۍ چیرٕ سان۔ یِم زٕ حصہٕ رَلے پانہٕ وأنۍ۔ اَتھ شیٚلیمژ لاشہِ ژاو دُبارٕ زُو۔ تاو ہیۄٚژ حرکت کرٕنۍ، اَچھ آیہِ مُژراونہٕ، وۄتھن گوس تُلہٕ تژاو تہٕ نِوِ ہیۄٚژ گتھ کرنہٕ۔ ییٚلہِ شہزادِ یہِ وُچھ

تَس رٔ دنہٕ پانس تانٛی سوآیہِ ہکہٕ بڑ وَنٛتھ کُن تہٕ پیٛیہِ شہزادِ ہٕندِس سینس پیٹھ تہٕ خوٗشی منٛز ژھٕچِن وَدَن باکہٕ۔ یہِ اوس انتہائی خوٗشی ہُنٛد ساعت تہٕ ہُہ پاکباز شخص تہٕ اوس نہٕ یُہُ تڑ ییٚو منٛز کم خوش تیمی یہِ کام اُس کٔرمٕژ۔

اَمہِ رأژ گوو شہزادِ تہٕ شہزأدی بیٚیس جایہِ۔ اَتہِ اُس شہزادِ ہٕنٛز زندگی کأنٛی خطرس منٛز۔ اَتہِ اُس اَکھ جوودگٔرنی بسان تیٚمس اَکھ کوٗر اُس تمہِ ییٚلہِ شہزادِ وُچھ تہٕ یوٚ ژھُن زِ سو گرہے اَمی سٕے سٟتۍ۔ اَمہِ موکھہٕ بنوو اَمہِ یہِ منصوٗبہٕ۔ تمہِ مأنٛز رأژ وموج زِ سو اَنہِ شہزادَس تہٕ شہزادِ گرِ تہٕ شہزادِ ییٚلہِ اَتہِ کمرن نظر اوس دِوان تَمہِ تڑ اُ وأمِس گرِ نی اَکھ رَز ییٚمہِ سٟتۍ تَس کھٔ بنیاو۔ دوہَس اوس یہِ گٹھ تُسی پتہٕ پَتہٕ پکان سو یوٚت تہٕ گرٕ ھان اُس توٚت تہٕ راتھ کیٚتھ تِتھے اَمِس گردنہِ منٛز رزأسی کڈان تہٕ یہِ اوس واپَس شہزادِ بنان تہٕ تَس سٟتۍ شونٛگان۔ یِتھہٕ کٔنٛز گزرے کینٛہہ دوہ۔ شہزأدی اُس بڈٕ پریشان۔ تَس اوسنہٕ فکرے تران زِ یہِ کیاہ دٔلیل چھے۔ کُنہِ وِزِ اُس سوسونچان زِ کمی منسأوِس یہٕ تہٕ منٛزی اُس سوچان زِ سُہ چھکھ مأرِتھ ژھنمُت۔ اُخرس ہیوٚ کنہٕ تمہِ یہِ برداشت کٔرتھ تہٕ پأرُن مَردٕ رخت تہٕ گیہِ تمہِ مُلکہٕ کس بادشاہَس نِشہِ تہٕ منٛگنس نوکری۔ بادشاہ گوو اَمی سُنٛد کلامہٕ تہٕ شکل وصورت وُچھِتھ خوش تہٕ بنأوِن یہِ پنٛنٕ اَکھ کوتوال۔ شہزأدی گیہِ اَتھ نوکری پیٹھ زیادَے خوش۔ یہِ اوس بلکل تِی یہِ سو یژھان اُس تِکیازِ اَتھ عہدس پیٹھ رٔ زِتھ ہیکہِ ہے سو زیادٕ جان پأٹھی شہزادس ژھأنٛڈِتھ۔ واریہَن گَرَن ہٕنٛدی واریہہ سِر اُسی کوتوالَس پَے لگان تہٕ سورُے پوٗلیس اوس اَمِس تابع آسان تہٕ فورن اَمی سُنٛد وَنُن مانان۔ کوتوالَس اوس صرف کأنٛسہِ نفرٕ سُنٛد قدتہٕ حُلیہِ وَنُن آسان تہٕ پُلٟس یُتھ شخص ژھانٛڈنہٕ

خأطرٕ ؤنتھ اوس پۆرٕ مُلکس توٗت تأنؠ ژھونڈِ یوان دِنہٕ یوٗت تأنؠ سُہ شخص میلِہ ہے۔ تہٕ
گرِتھ تہٕ ہیٚو کنہٕ شہزادِ شہزادس متعلق کینٛہہ معلوٗم سپدِتھ حالانکہِ تَس تنیاوِ زِ یَتھ گرس منٛز
شہزادِ تہٕ سورُے دِکٕ ہتی أسی سُہ اوس أکس جودوگرنہِ ہُنٛد۔ سورُے زِ برابر أتھ گرس منٛز
یِوان تہٕ أس أتہِ کٔنس اورِ یور کران وُچھان مگر یِہ اوسُس نہٕ پتاہ زِ یوٗ ہے چھُ شہزادِیس
أمی سُنٛد معشوق اوس تہٕ جودوگرنہِ ہنٛزِ کورِ أس أمِس شکل بدلأوِمٕژ۔ کوتوالس تہٕ أمِس
کورِ گیِہ پانہٕ وأنؠ زبردست دوستی۔ تہٕ کورِ اوس کوتوال پُرِی کٔنز مردِ ے باسان۔ تَس گیہِ
کوتوالہِ سنٛز سخت مالے تہٕ دِتی نَس وارِیہہ تحفہٕ۔ یَتھ منٛز سینٛٹھاہ مأرِ موٚند أکھ کپر ٹکرٕ تہٕ
اوس۔ یُتھ نہٕ زانہہ تہٕ اوٗت تأنؠ کأنسہِ وُچھمُت آسہِ ہے۔

أسی وُچھو بڑ وٕنہہ گن زِ أتھ خوبصورت کپر ٹکرس کیاہ اوس شہزادِ ہنٛدِس
مستقبلس سٕتی واٹھ بنان۔ اکہِ دوہہ صُبحأ ے دراو محل خانک أکھ ملأزم تَمہِ دارِ کٔنز
یَتھ بڑ وٕنہہ گنہِ کوتوالن امہِ کپر ٹکرٕچ أکھ چھلا الأنزٕ أس ترٛأومٕژ۔ سُہ گووامیک رنٛگ
تہٕ بناوٹ وُچھِتھ رُۓ زِتھ ہیۆتہٕ محل خانس منٛز واپس وأتِتھ سمکھیاو مُلکانہِ تہٕ وۆنُس یِہ
أمی وُچھمُت اوس۔ مُلکانہِ گو وسخت شوق زِ سو تہٕ انہِ ہے۔ یَتھ گُپر لہذا گیِہ بادشاہَس
نِش تہٕ وۆنُس ژٕ وَنتہٕ کوتوالس زِ سُہ انہِ ہے یِہ تِسنٛدِ خأطرٕ۔ بادشاہَن کوٚر یلی تہٕ
کوتوالن سۆز سوسأرِ ے کپر ہَن أمی ہے یُس تَس اوس۔ مُلکانہِ ییلِہ یِہ وُچھ تَس گوو
یِہ تیۆت خوش زِ تَمہِ تُجٕ نہٕ بادشاہَس تھپھے زِ سُہ اناوِ ہے بییہِ تہٕ یِہوے کپر۔

بادشاہَن ییلِہ مُلکانہِ ہنٛدِ امہِ حکمک کوتوالس وۆن تہٕ تُمی وۆنُس درجواب
"چھُ تہٕ یِہ مُشکلے مگر بہٕ کرِتھ ژٕ یِہ خاہش پۆرٕ کرنچ کوشش۔" بادشاہَس نِشہِ نیرِتھ گیِہ

سوسیٚو دُ ے جودوگرنہِ ہُنٛد گرِ تہٕ پرٛ ژھنٛس زِتس کتہِ بنہِ بیٚیہِ یہ کپُر۔

افسوٗس! ئہ ہیکہ نہٕ ژےٚ مدد کرِتھ۔" جودوگرنہِ وۄنُس "میٚون بوے یُس اَکھ جودوگر چھُ سہ گووسبٹھاہ برٛوٚنٛٹھ اَکِس دوٗر دارزمُلکس تہٕ تمی اوس مےٚ یہ کُپر سوٗزمُت۔"

"اَدِ تیٚلہِ لبکھ کُمٕ سے تہٕ وَنُس بییٚہِ تِتھے کپُر سوزنہٕ خاطرٕ" کوتوالن وۄنُس۔

جودوگرنہِ وۄنُس "ئہ ہیکہٕ نہٕ تہِ کرِتھ۔ تُمی چھُ تتہِ پرٛ بتھ کانٛہہ انسان مورمُت تہٕ تتھ مُلکس منٛز چھِ وۄنی لتس ورأے صرف سہہ روزان۔ میٚون بوے چھُ یمن سہن اَکہِ قسمُک گاسہٕ ترٛاوِتھ اَڈ ے یڈ تھاوان یتہٕ یمن خوش چھُ کران۔ اَمہِ کِنی یٚیلہِ کانٛہہ تہِ شخص اورکُن گژھان چھُ تہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سہہ چھُ کُنہِ گٔرِ منٛزٕ یاپٔلہ پِتہٕ کِنی نیرِتھ یِوان تہٕ تِھس ماۓرِتھ ژٕھنان۔ وارٚیہہ مُہم جوشخص چھِ یتھٕہِ کِنی مارٕ سپدی متہٕ۔ ئہ کتھہٕ کِنی سوزَن کانٛہہ۔ ئہ چھس نہٕ کانٛہہ تہِ نفر یژھہِ خطرناک کامہِ سوزنُس بہران۔"

کوتوالن وۄنُس "اَچھا مےٚ وَن چون بوے کتہِ چھُ روزان تہٕ ئہ گژھہٕ پانے۔ تہِ کیازِ مےٚ چھُ ضروٗری گژھُن نتہٕ ژٕھنہِ مےٚ بادشاہ ماۓرِتھ۔ یوٗت تانی نہٕ ئہ یہِ کپُر اَنہٕ توٗت تانی چھس نہٕ ئہ بیٚتہِ محفوظ۔ ئہ ہیکہ نہٕ بیٚتہِ وۄنی دوہ تہِ کڈِتھ۔ لہذا وَن مےٚ زِ چون بوے کتہِ چھُ روزان تہٕ ئہ گژھہٕ تہٕ سمکھہٕ تِمس۔"

"ٹھہر" جودوگرنہِ وۄنُس "چونکہِ ژےٚ چھے یہِ حالت توے پزِ مےٚ ژےٚ مدد کرُن۔ مےٚ چھُ بیٚتہِ اَکھ لوکُٹ کترِ بانہِ یتھ منٛز میاۓنِس بأے سُنٛد زوٗ چھُ۔ یوٗت تانی

یہِ بانہٕ مےٚ نِش محفوٗظ چھُ توٚت تانی چھُ نہٕ ٹھیک مگر یام یہِ پھُٹہِ، نہٕ تہِ پھُٹہِ (یعنے مَرِ) وۄں گوو یہِ پھُٹرن یہِ تِکیازِ میٲنی کوٚرِ چھے ژےٚ محبت کران" یِی ونان ٹھاسُو تمہِ یہِ بانہٕ پتھرِس۔ "نیر گژھ وۄنی کھوژنہٕ ورأے۔ یِہہ کھمن وۄنی گاسہٕ یایہِ کیٚژھا تم یژھَن تہٕ تِمَن پیٚیہِ نہٕ پزٕ بتھ کانہہ نہٕ انسان مارنک ضرورت یُس یِمَن نکھہٕ گوھہِ۔ گژھ وۄنی ژٕ وارٕ کارٕ"

جودوگرنہِ اوسنہٕ رَژھ تہِ یہِ پتاہ زِ کوتوال کیٛاہ اوس شہزأدی یَس شہزادَس ستّی گنڈِتھ اوس یَس أمی ہشز کورِ کھٕ اوس بنوومُت۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحس بادشاہَس روخصت ہیتھ دژ اوکوتوال سپاہَن ہشز اکھ لوکٕٹ جماتھا ستّی ہیتھ۔ اَتھ مُلکس منز وأتتھ ژھونڈ تہٕ لوٚب تمہِ جلدٕے جودوگر سُند مکانہٕ تہٕ تتھہٕ کنہٕ لنڈ ازٕے چھُ زِ اَتہِ أسی کیہ کرکی ڈیر، بیٚیہٕ أس اَتہِ باقے تہِ وارٕیہہ خزانہٕ۔ کوتوالَن ٹُل یہِ سورُے کینٛہہ تہٕ دراو جلدٕے واپَس بادشاہَس نِش۔ بادشاہ سَپُد اَمہِ مُہمہِ ہشزِ کامیأبیہِ پتھ تیوٚت خوش زِ تمی دِتی کوتوالس سیٛٹھاہ زیادٕ تحفہٕ تہٕ بنوٗوُن نہٕ پتھن وارث۔

کینٛہہ ؤری گزرے۔ یہِ بُزرگ بادشاہ گزریاو تہٕ کوتوالن لأج حکوٗمت کرٕنی۔ تَس گوو یہِ ظون ہیٛٔ زِ شہزادَس ستّی کیٛاہ آسہِ سَپُدمُت لہذا دِتُن حکم زِ شہرٕ کی سأری گتھ سوٚمبرأوِتھ انیٛٔ کھ یم مےٚ بزوٗنہہ گُن۔ سأری گتھ آیہِ أکی ہے جایہِ سوٚمبرأوِتھ اَنہٕ تہٕ تمہِ لوگ پانہٕ یِمَن معاینہٕ کرُن تہٕ پانہٕ أس تِمَن ستّی اکہِ اکہِ کتھ کران مگر کانٛسہِ تہٕ کتھن تھوونہٕ أمی ہشز کتھہِ ظون تہٕ نہٕ پزٕ زِ نووأمی کانہہ۔ پتہٕ دُیت

تَمہِ پُلسس حُکم زِ توٚہی گژھوٗ تہٕ وارٕ گٔرِ وٚسرٕ کھٔرٕ زِ کانٛسہِ ماچھےٚ اُمی ہشنٛدِس حُکمَس عدولی گٔرِہٕ۔ کینٛہہ پُلسہٕ وٲلی گےٚ جودوگرنہِ ہُنٛد گرٕ تہٕ اَتہِ ؤچھکھ زِ تمہِ اوس نہٕ پنٛنٕ گُژھ سۄ زمُت۔ تموٗ گرٲمِس کٔٹس رَزِ تھپھ تہٕ لوگکھ یہِ بادشاہَس نِش پکناوُن۔ جودوگرنہِ کرے یہِ سخت کوٗشش زِ سو رَٹہِ ہے جادوٗلی رَز مگر چَلیاس نہٕ کینٛہہ۔ پُلسَن دِتُس نہٕ اَمیک اجازت۔ تِم دراے تہٕ کٔٹس چھِ رَزِ گنٛڈِتھ پکناوان۔ بادشاہَن ؤچھ تِم یِوان تہٕ گیہِ بڑٕ وٕنہہ پہٕن تمن سمکھنہٕ تہٕ سَپُد کیٛاہ! اچانک آیہِ رَز ژھیٛنِتھ تہٕ جوان تہٕ خوٗبصورت شہزادِ اوس تَس بڑٕ وٕنہہ گنہِ استادٕ۔ تمہِ وۄن ''یہٕ کٔنی چھےٚ یہِ جودوگرٕنی سبٹھاہ بدخصلت زنانہٕ۔ یہٕ ہ زنانہٕ گرٕھہِ نہٕ زِنٛدٕ روزٕنی۔ لہٰذا گرٕھہِ پگہہ صُبحٲے پھہہ دِنہٕ تہٕ تہٕ پتہ روٗ د شہزادِ یہِ اَنیوٗن محل خانَس منٛز۔''

باتےٚ دٔلیل ترٕ پانےٚ سہٕل پٲٹھی فِکرِ۔ شہزادِ (بادشاہَن) ؤنی پنٛنٕی اصلیت۔ تمہِ بُلاوی سارٕی لوٗکھ تہٕ وۄنگھ تہٕ پٲٹھی ''بوٗ زِولوٗکو۔ تہٕنز بادشاہ چھےٚ اَکھ زنانہٕ۔ تہٕ یہِ شہزادِ لَبنہٕ خاطرٕ اوس مےٚ پنٛنٕ رخت بدلووُمت۔ یہِ مقصد سپُد مےٚ وۄنی پوٗرٕ۔ یمہِ پیور مانیوٗن توٚہی میوٗن خانہٕ دار پنٛنٕ بادشاہ تہٕ بہٕ اُمی ہشنٛز مُلکانی۔'' لوٗکو کوٚر رزورٕ زورٕ اَتھ اقرار تہٕ کرٕ یکھ خوٗشیہِ پتہٕ روٗ دی سارٕی اَمہِ پتہٕ خوش گُزران۔

(راوی: شوبا یو۔ رٕنی وور سرینگر)



# سعید تہٕ سید

یہِ اوس اَکھ غریب گاٗمی نفرا یُس زِیُٛن ژٕٹتھ تہٕ کِنتھ مَسامَسا گُزارٕ اوس کران۔ سُہ اوس سُلہِ صُبحاٗے زِیُٛن ژٹان تہٕ اَتھ گیٚجہِ گنڈان تہٕ شامَس باٗگی اوس نگھہٕ تلہٕ کَس بازرَس منٛز گوٚہتھ یہِ کِنان۔ اُمِس غریبَس سَپد کھاندر تہٕ زاس زٕ نیٚچوِ۔ بڈِس ہوِس تھووُن ناو سعید تہٕ بیٚنِس ہوِس سید۔ یم ژُری اٗسی معصوٗمے زِموج گیگھ مُرِتھ تہٕ یِہنٛدی ماٗلی کوٚر رُدبارٕ عنتھر۔

اٗمی ہِنٛز یہِ دوٚیم زنانہٕ اَس گوڈنیچہِ زِنشہِ ژٕرِ ے ہکبتہٕ واٹحرِ۔ اکہِ دوہہٕ وۄن اَمہِ خانہٕ دارَس ”ژٕ کیاز چھکھ نہٕ مےٚ تہٕ پَنہٕ عنن نیٚچوبن ونان زِ اٗسی گر ہوے ژٔنے زِیُٛن سوٚمبراوَنس منٛز مدد؟ اٗسی چھِ مُفلسی ہنٛز زندگی گُزاران تہٕ ہر گاہ یہٕ تہٕ یم گُڈٕ زٕ کاٗم کرَن اٗسی ہکو زیادٕ پیٚسہٕ زیٚنتھ تہٕ تمہِ کھوتہٕ روز وزیادٕ جان پاٗٹھی تہٕ تھہٕ پاٗٹھی وُنی کمن روزان چھِ۔“

اٗمی نفرَن وۄنُس ”اِدٕ ٹھیک چھُ۔“

لہذا اٗسی وۄنی یم ژٕ نوٗے دوہے جنگل گوٚہان تہٕ اَسی تتھہٕ کنٛی محنتہٕ سان کامہِ ہنٛن کران زِ کینژَن رتبن منٛز اوس وۄنی یمَن کینژٕ ہاپتھ پَلہِ تہٕ گوٚمُت تہٕ بیٚنہ

اوسکھ سبٹھاہ زِیٚن تہٕ سوٚمبرِتھ تھوومُت۔ یُتھ یمَن پوٚر وئدس گزارِ پکہِ ہے۔ یہِ زیٚن تھوویمو پنہٕ نِس مکانس نگھے بڈٕبن بڈٕبن چٹٕن۔

زِیٚن چٹٕن تھاونہٕ پتہٕ کینٛژہ دۄہ لوگُن سخت رۄدتہٕ تژٕے وَتہٕ گژھ أسی أتھ دوران امے جنگلہٕ کنہِ پکان تہٕ أسی أکس بُڈس کُلس دَدرِ منٛز ژھبہ نِس۔ رۄدٕ کنہٕ أسی سخت ترۄٚ ژھمرٕ لہذا اتُل یمَو وَتہٕ گنتو تمہِ زِنہِ منٛز اوٚ ڈایُس زِنی مزٕوٚرن سوٚمبرُ مُت اوس تہٕ زولُکھ بوٚ ڈالاو۔ برابر دۄن دۄہَن رۄدی یم أتی تہٕ برابر ییتِس کالس تھووٕکھ یہِ بوٚڈ نارٕ الاودَ زوٗن۔ یُتھ زِأتہِ موکلیاوالہِ پلہٕ یہِ سائلم زیٚن۔ یام رۄدَس تھکھ ہیٚ گو وتہٕ تم دژ اے برٛ وٕنہہ گُن سفرس۔ زِنی مزٕوٚرتہِ گووپنہٕ نِس زِنس نظر دِنہِ۔ سُہ سپُد سخت مغموم ییلہِ نہٕ تمی کراتہِ سوٚرٕ ڈیر وژ أے کہنی تہِ وُچھ۔ اَمی ساعتہٕ واٗ ژأمی سِنٛز زنانہٕ تہٕ نیچوی زِتہٕ اور۔

"یہِ چھُنہٕ خداصأبنٛز مرضی زِأسی گرٕوترقی" أمی وۄن یمَن کُن "أسی کیاہ کرو؟ گرِتھ کیاہ ہیکو؟" تہٕ پی ونان ڈول أمی ووشاتژ أوِتھ پنُن عاصہٕ امہِ سوٚرٕ منٛزی۔

"ہُہ کیاہ؟" أمی سِنٛزِ زنانہِ وۄن کتھہ تانی چیٖزَس متعلق یُس سوٚرس منٛز چمکان تہٕ تابان اوس۔ "آ۔ ژوٗ چھ۔ یہِ کیاہ؟ ژوٗ چھ ہُپأری تہِ تہٕ ہُپأری تہِ!"

اَمہِ پتہٕ ژھوئڈ تمو سأری ہے سوٚرَس منٛز تہٕ لُبکھ کینٛہہ روپہٕ سِنٛدِ ٹکرٕ۔ یہِ زأنِتھ زِیمَن ماسمکھِ وَتہٕ کانٛہہ توَے بوٚ رتمو پنُن یہِ خزانہٕ کانگر بن منٛز تہٕ پیٹھہٕ تھاوِہَس ژنہِ تہٕ آے واپس گرٕ۔

ییٚمہِ غرضہٕ زِ کانٛسہِ ما گژھہِ شک توَے اأج زِنی مزٕوٚرن دَمہٕ دَمہٕ پنہٕ نِس

یارَن تہٕ ہمسایَن نِشہِ پَنٕنی دولت ہُنٛز کَڈٕنی۔ اَمہِ پَتہٕ کیٚنٛہہ کالہٕ ترٛاو اَمی زِنٛدی مزدوٗری کرٕنی تہٕ لوٗگُن وۄنی باپار کرُن اَتھ منٛز میٚج اَمِس وارِیاہ کامیابی تہٕ وۄنی اوس سُہ اَکھ امیٖر نفر گُزٕراوان یِوان۔ تَمی سٕندی نیٚچوٗ گٔے مدرس تہٕ لوٗگکھ پرُن لیکھُن۔

اَکہِ دۄہہ ییٚلہِ یہِ باپارؠ تہٕ اَمی سٕندی نیٚچوٗ اَکہِ مالکہِ پیٹھہٕ واپس اَسی یِوان یَمو وُچھ اَکھ زمیندار پنجرٕ ہیتھ یَتھ منٛز اَکھ خوبصورت جاناوار اوس تہٕ یُس سبٕتھے میوٗٹھ بولبوش اوس کران۔

ییٚلہِ یَمو لڑکو یہِ جاناوار وُچھ تہٕ اَمی سُند یہِ خوشیوٗن بولبوش بوٗزُکھ تَمو لٲج مائِلس ٹھاٹھ یہِ مُلی ہیٚنہٕ خاطرٕ۔

”ژٕ کوتاہ چھکھ اَمِس جاناوارس کران؟“ باپارؠ پرٕژھ ”ژٕ موہر“ جواب میوٗلُس۔ باپارؠ ووٚنُس ”رٔٹھ تہٕ دِن یہِ جاناوار یِمَن میانٛین نیٚچوٗ بَن۔“

سعید تہٕ سیدن کوٚر مائِلس اَمہِ تحفہِ خاطرٕ سبٕتھاہ شکریہ۔ تِمَن گوو یہِ جاناوار سخت ٹوٚٹھ۔ پرٕ ہیتھ دۄہہ سکوٗلہ پیٹھہٕ واپَس یِتھ اَسی تِم اَمِس ستی گِندان۔ کیٚنٛہہ کالہٕ ترٛاو اَمی جاناوارَن اَکھ ٹھوٗل یَتھ ییم بارِنی سبٕتھے بےتابی سان وُچھان اَسی تِکیازِ تِم اَسی یژھان زِ اَسہِ گوٚژھ تیٚتھے بیاکھ جاناوار آسُن۔ اَکہِ دۄہہ نیوٗ یَمو یہِ پنجرٕ دٔریاوَس پیٹھ چھلنہٕ خاطرٕ تہٕ یہِ ٹھیک پأٹھی کرٕنکہِ غرضہٕ آو جاناوار اَمہِ منٛز کڈٕنہٕ تہٕ سُہ روٗٹ سعیدَن اَتھَن منٛز تہٕ ٹھوٗل تھوٚوکھ حفاظتہٕ سان اَکِس کَنہِ پیٹھ۔ پنجرٕ چھلنہٕ پٔتِس دوران اوس اَکھ نفرا یہِ سائِلم وُچھان سُہ اوس دٔریاوِ کہِ دۄیمہِ بٔٹھہِ لٔنٛد اَمہِ وِزِ سران کران۔ تَمی وُچھ یِتہٕ یَتھ کُن باپارِس تہٕ تَمی سٕندِس نیٚچوٗس خبر کیازِ ظوٗنے اوس نہٕ گوٗمت

سُہ یہِ زِ یتھ کنہِ پٔنٛتھ یمَو ٹھوٗل اوس تھووِمُت تتھ اوس رو پھ بٔنیوٗمُت ۔ سُہ سپُد یہ ڈیٔشتھ سخت حأران تہٕ زوٗنُن زِ اَتھ ٹھوٗلَس اُس یہِ خأصیت زِ یتھ تہِ چیٖزس اَمیُک چھٕہہ لگہِ سُہ بنہِ رو پھ ۔ تٔمۍ اوس یتھ ہیوٗ بۆ زمُت مگر پَرٛ ڈ ھا ٔ ءَسس نہٕ یوان مگر اَز وُچھ تٔمۍ یہِ پَنہٕ نبو اَچھو ۔ اَمۍ کوٚر پَننہِ جایہِ یہِ پوٗرٕ اراد زِ ءِتھہٕ ءِتھہٕ کَرن ءٔ یہِ ٹھوٗل حاصِل ۔

''ہے ۔ ہے!'' تٔمۍ دِژ باپأرِس کریکھ ''یہِ ٹھوٗل ءِکنہٕ ہنا مےٚ ؟ مے اوس اَتھ اَکھ دوا بناوُن ۔''

باپأر وۄنُس ''نہ ۔ بٔہ چھُس نہٕ تیوٗت غریب زِ مےٚ کیاہ چھُ یہِ ءِکنٕک ضرورت ۔ وۄنۍ دِمہٕ ہے بٔہ یہِ توتہِ ژےٚ مگر میانِمن شُرِ بن چھےٚ تتھےٚ بیا کھ جاناوار آنٛچ سخت گل ۔''

مگر یہِ نفر اوس سخت آنتہٕ ''وۄنۍ کیاہ گوو ۔ یہِ دِتہٕ مےٚ '' تٔمۍ وۄنُس ''بٔہ دِمےٚ ژےٚ اَتھ اَکھ روپے ۔'' یمۍ دِتُس دُبارٕ جواب ''نہ''

''اَچھا بٔہ دِمےٚ ژےٚ پانژھ ۔ داہ ۔ وُہ ۔ ہتھ ۔ اَدِ ساساس روپیہِ رَٹھ ۔'' یہ نفر رۄ دتھدان یێلہِ تٔمۍ یہِ زون زِ باپأر نا چھُنہٕ سہَل سہَل موٗنٛن وول ۔

سوداگرَن وۄنُس ''نہ ۔ وۄنۍ ہرگاہ داہ ساس روپیہِ دِہم تیلہِ دِمےٚ ۔''

یم سأری آے یکجا باپأر سُنٛد گرِ ییتہٕ ہمۍ پٔنٛسہ دِتۍ تہٕ ٹھوٗل نیوٗن ۔

یہِ چھُ پتہٕ زِ یتھی نفرن یہِ ٹھوٗل ہیوٚت سُہ گو وپوٚت کھورے ڈریاو بٔٹھس پٔنٛتھ تہٕ تٔجن اَتہِ سو گٔنۍ یو سہِ رو پھ اُس بنیمُت ۔ وۄن گو و تٔمس اوسنہٕ یہِ کرنک تہٕ زیاد

ضرورت تِکیاز ِ تِمۍ وُچھ پتہٕ زِ یتھ تہٕ کُنہِ کُن اَمہِ ٹھۄلُک چھُہ دِیُت سۄ اُس اَتھ مولہٕ لِس دالتس منز بدلان۔

اَمہِ پتہٕ کینُہہ کالی آو اُمس نفرس نِشہٕ اَکھ جوگی تہٕ تِمۍ وُچھ یہِ ٹھۄل تہٕ وۄننس "یہِ چھُ سارِوے کھوتہٕ مولُل ٹھۄل مگر سُہ جاناوار گتہٕ چھُ تیمۍ یہِ ترٛ وو؟ ہرگاہ ممکن گژھی تہٕ سُہ جاناوار حاصل کرِنچ کرکوشش تِکیاز ِ یُس اکھا تہٕ تِم کُسُند گلہٕ ژٕتھ سُہ رٕنتھ کھیِیہِ سُہ بنہٕ دُنیا ہُنک سارِوے کھوتہٕ اُمہر بادشاہ۔ یُس نفر یہِ گلہٕ کھیِیہِ تَس روزِ یہِ سینس منز تہٕ سُہ شخص ییلہِ ضُمس ووتھان آسہِ سُہ لبہِ پانس تلہٕ کُنہِ داہ ساس موہر۔ اکھتے ہیکہِ سُہ جاناوارن تہٕ پوشمن ہنز آوازِ تہٕ بُجھتھ۔ جاناوار ہنُدِس سینس تہٕ چھُ خاص شرف یُس اکھا تہٕ اَتھ رٕنتھ کھیِیہِ سُہ بنہِ بادشاہ مگر تیوٚت یوٚ ڈُنہٕ یوٚت ہہ ہیو آسہِ۔"

ییلہِ اُمۍ نفرن جوگس نِشہٕ یم چیز بوٗزی تِمۍ سۄزتمی ساعتہٕ باپارِس شیچھ زِ ژٕ ءکن تَن یہِ جاناوارتہٕ وعدٕ کۄرُنس زِ ژٕ یہِ قمت اُمس گرکھ سُہ دِمے بہٕ۔ مگر باپارۍ سۄزِس یورِ یہِ شیچھ زِ ژٕ دِتہٕ ے خبر کیاہ تہٕ مے چھنہٕ یہِ جاناوار کُنن۔ ہرگاژ مے سورُے دُنیاتہٕ اُمس بدلہٕ دِکھوتہٕ نہٕ۔ مگر اُمۍ نفرن اوس یہِ جاناوار حاصل کرِنک تِتھے شبقہٕ اِرادٕ کۄر رُمت۔ یُتھ تِمۍ ٹھۄل حاصل کرنہٕ خاطرٕ کۄر رمت اوس۔ ییلہِ تِمۍ باپارۍ سُند جواب بوٗزی وۄن پانسے ءتی "مے چھُ پتاہ مے کیاہ چھُ کرُن۔ بہٕ کرن یہِ اُمۍ ہنزِ زنانہٕ ہنُدِ ذریعہٕ حاصل۔ بہٕ سمکھہٕ تَس جلدِے۔" اَمہِ پتہٕ ہیوٚت اُمۍ اُکس دانا بچہٕ اَتھ معاملس منز مدد تہٕ وعدٕ کۄرُنس زِ ہرگاژ مے اُمس زنانہٕ سمکھاو کھ بہٕ دِمے ژٕ ے سبتھاہ بڈ ڈالی۔ دانا بچہٕ کۄرُس آنکار۔ سۄ گیہِ باپارۍ سُند گرِ تہٕ (خانہٕ دارِس) گرِس منز

نہ ڈیشتھ ژلیہِ سوالنہ رتہٕ لوٗگن اَمی ہِشرِ زنانہٕ سٟتۍ دربار۔ یہِ زنانہٕ گیہِ اَمس وُچھتھ سخت
خوش تہٕ وۄنُنس زِ ژٕ پیہِ زِبیہِ۔ یتھہٕ کٔنۍ گیہِ یِمن پانہٕ وأنۍ چرِ دوستی زِ یوٚت تانۍ باپأرۍ
ہِشرِ زنانہٕ اَمس دانا بجہِ وۄن زِ ژٕ روز وۄنۍ مے سٟتۍ۔ اَتھ دوران رۄ زیہِ بُڈ ہیتھے تمس
نفرٕ ہِندی تعریف کران تیمی سو اَتھ کارس اُس لأجِمتہٕ یتھ حدس تانۍ اوسُس باپأرۍ
ہِشرِ زنانہٕ ہُنٛد اشتیاق ہُر روومُت زِ اَمہِ بقل چارِتہٕ بأو اَمس سمکھنچ زبردست یژھ۔
یتھہٕ پأٹھی دِیتنس وعدٕ زِ یتھے باپأرۍ بایہِ یہِ پۄرٕ پأٹھی کھرٕ گرٕھہِ زِ اَمی سُنٛد رون نیرِ دۄر
کُن تہٕ سمکھو پانہٕ وأنۍ۔ پَتَن یہِ مقصد سہل پأٹھی پژاونہٕ خأطرٕ وۄن اَمہِ تِمس (خانہٕ
دارس) زِ ژٕ ئے اَسے یژ کالہِ پیٹھہِ خأہش زِ ژٕ گرٕھکھ نسبر لہٰذا اگرٕھ تہٕ وۄنۍ۔ تمہِ
دِتُس یہِ نَل تہٕ ''ژٕ کرٕ اد ولت گرٕکھ جمع۔ ژٕ کرٕ اہ نۆ نۆ جایہِ وُچھکھ! تہٕ تمہِ کھوتہٕ تہٕ بُڈ
کتھ زِ ژٕ ئے شۆنی تہٕ یہِ۔''
تٔمی وۄنُس درجواب ''آ۔ بہٕ گرٕھہ۔ یہِ اُس میأنۍ بیوقوفی زِ بہٕ گوس نہٕ اَزتانۍ''
اَمہِ پتہٕ کینژہہ دۄہ تٔلی اَمی پانس سٟتۍ مۄہنۆی وۄہنۆی تہٕ دژ اوسفرس۔
اَمی ہِشرِ زنانہٕ وۄن پتہٕ بجہِ ''نیر گرٕھ وۄنۍ تہٕ وَن اَمس نفرس یُس مے
سمکھُن چھُ یژھان زِ بہٕ چھس تِمس پگہہ صُبحس بہٕ بجہِ سمکھنہٕ خأطرٕ تیار۔''
بُڈ گیہِ تہٕ یہِ نفر گوو یہِ پچھ یۄزِتھ سبٹھاہ خوش تہٕ وۄنُنس ''میأنہِ طرفہٕ وۄنۍ زبس
سلام تہٕ پتہٕ وۄنۍ زبس زِ ہرگاہ سو میأنہِ خأطرٕ کینژہہ رَنُن گرُن آسہِ یژھان تیلہِ رۄنۍ زِ
سُے خوبصورت جاناوار تہٕ تھأوی زِ میأنے خأطرٕ خاص پأٹھی الگ کُن۔ تِمس وۄنۍ زِ مے
چھُ پہوے جاناوار کھنبس مأل تہٕ ہرگاہ نہٕ یہِ میأنہِ خأطرٕ رَنہٕ تہٕ تھاونہٕ پیہِ مے گرٕھہِ

بڈ محسوٗس۔"

پگہہ صُبحس بہہ بجہِ بڑ وہہے اوس یہِ جاناوار تہٕ دوٗیمہِ ضیافژ ہُنتھ کرتھ تیار تہ

باپأری ہنٛز زنانہٕ اُس پانٕسے ہتی ہٕر کران تہٕ اُس أندری وو تلان تہٕ بوڈان زِ امایہِ

ازٕ أنی شخص کیٛتھ آسہِ تہٕ تِمس کیاژِ اُس مے سمکھنٕچ پرواہ خاہش۔ اَمی وِزِ آے سعید تہٕ

سید سکوٗلہٕ پیٛٹھہٕ گرٕ تہٕ بوچھہِ ہتی آسنہٕ کِنہ گئے دوہدِ شکی پأٹھی دوان ماجہِ نِشہٕ۔ یُتھ سوٗیمن

کینٛہہ کھینہٕ خأطرٕ دِیہہ ہے۔ تمہِ ووٗن یمن زِ گرٕ ہو بتہٕ کُھس منٛز تہٕ یہِ خوش گژھو تہٕ

کھیٛیٚو۔ صرف کھیٛوِ زبونہٕ جاناوار ہنٛدِ منٛز تہٕ بیٛنہٕ فلأنی فلأنی ہنٛہٕ منٛز کینٛہہ یہِ زَن تمہِ

خاص پأٹھی پننہٕ وأرِس پٔرہس کتھی رٔنی ہتی اُسی۔ یم لڑکہٕ گئے دوان دوان بتہٕ کُھس

منٛز تہٕ وُچھکھ یمہِ رنگہٕ رنگہٕ ضیافژ تہٕ ژکہِ سوے لڑکہٕ خصلت زِ تِمن گوو تِمنٛے ہنٛزن کُن

یمن متعلق وَننہٕ اوسُکھ آمُت زِ یمن لاگِ زبونہٕ اتھہٕ۔ تم گئے سیٛوٗ دٕ تہٕ ترٛٲوِکھ

وارِ یہَن ہنٛزن منٛز اتھہٕ تہٕ یمو منٛز کینٛہہ زیادٕ پہَن ترٛکہٕ ڈہیٚشتھ ژ ھنکھ یم سأرِلم

کھیتھ یمن ہنٛزن منٛز اوس یہِ مولہٕ بلس جاناوار سُند ہیٛن تہٕ شأمل۔ سعیدَن کھوٚ گلہٕ

تہٕ سیدن کھوٚ سیٛنہٕ۔ بیٛلہِ یمو یہِ کھیتھ نیوٚ تہٕ آکھ خیال زِ ماجہِ کھَسہِ اَتھ پیٛٹھ سخت شرارت

تہٕ لایہِ اَسہِ لہٰذا اکوٚ رتمو اَتہٕ ژلنگ اِرادٕ۔

اُخرَس تہٕ آوسہ پوٚ ژھ۔ کینٛہہ کتھا باتھا کرنہٕ پتہٕ نیوٚسہ باپأری ہنٛزِ زنانہِ تَتھ

کُھس کُن بیٛتہِ یمہِ ضیافژ لاگتھ آسہٕ تہٕ اَمِس پتھر بیٛہنہٕ خأطرٕ وٕنتھ اوٚنس کھین

بڑ وٚنہہ کُن۔

تمِ ووٚنُس "مے چھنہٕ زیادٕ بوچھ۔ ژٕ کوٚرتھ پانس زورٕ تکلیف بہٕ چھس

چون شکر گُزار۔ ژٕ ہر گاہ صرِف مےٚ سےٚ یوت جاناوار اَنگھ۔ یتھ متعلق مےٚ وۄنمُت چھ
تہٕ مےٚ ژٕلہِ ژبڈ۔ مےٚ باسان ئہ کھمہٕ تی "لہذا اوٗن اَمہِ زنانہِ یہوے سیٚین اُمس
بڑ وٗنہہ کُن یتھ منز اُمس جاناوار سُند بچوومُت حِصہٕ موٗجوٗد اوس۔ تمۍ وۄنس حاراُنۍ
سان "ژٕ کیاہ چھیٚ یہِ کوٚرمُت؟ اَتہِ نے نصف تہٕ موجوٗد چھنہٕ۔ گلہٕ تہٕ سینہٕ کُ
کھوٚ؟"

وۄڈ ہش کھبتھ وۄنس اَمہِ "مےٚ چھنہٕ پتہے۔"
اُمۍ نفرَن وۄنُس "خبر کمۍ چھُ کھٮ۪ن ژھیوٚٹ کوٚرمُت" تہٕ بڈٕ شرارتہٕ ہوٚت
دژ اواَتہِ۔

باپاُرۍ ہِنزِ زنانہِ گوو اُمۍ سُند یہِ اچانک پاُٹھۍ نیرُن بڈٕ محسوٗس۔ یہوے اوسا
سُہ نفر یَس سوٗیتھٕن دوٚہَن وَتہٕ اُس وُچھان!

سعیدتہٕ سیدرٚو دۍ سبٹھاہ تیز پکان تہٕ یوٚت تانۍ تم دوٗر اُ کس بڈٕس مٲدانس
سمزِس واُتۍ۔ اَتہِ کوٚر یمَو راتھ گزارنک اِرادٕ حالانکہِ اَتھ جایہِ روزنس اوس ہر کانہہ
کھوژان تہِ کیازِ اَتہِ اُسۍ واریہہ یاُ گی جانور یسلہٕ پاُٹھۍ پھیران۔ مگر یم ژٕ نوجوان
کھوٗژۍ نہٕ کُنے تِکیازِ یمَن اُسۍ جاناوار سُند گلہٕ تہٕ سینہٕ کھبتھ دِل درٕ یمتی۔ تمَن اوسہٕ
اُمس جاناوار ہِنزَن خاصیژن متعلق بلکل تہِ کینہہ پتاہ وۄن گوو تمَن باسیاو پانسے منز
تیُتھ طاقتھا یمہِ کِنۍ تم کینہہ تہِ کرنس کھوژہَن نہٕ۔
اَتھ راتَس کرِ یمَو مُژٕ سان ہِندراتہٕ صُحمس کیُتھ ییلہِ تم وۄتھۍ تہٕ زِٹھۍ باُے
سعیدَن دُچھ تتھ جایہِ داہ ساس موہر ییٚنتھ سہٕ شوٗنگتھ اوس۔ تمَو تُجہ یمہِ سونہٕ ہِنزٕ موہر

تہٕ دزٲے بڑ وٚنہٕ گٔن ۔ مٲدان کِس دوٚہمِس اَنتھس پیٚٹھ وٲتِتھ وُچھ یِموٚ زٕ دوٚوٕ بتہٕ
اَکِس وَتہِ گٔن اِشارٕ ہاوٕ وُن اوس اَکھ بوٚڈ گنہِ پَل یَتھ پیٚٹھ یِم لفظ کھٔنِتھ اٲسی "یپارکہ
مہٕ نیرِ وِنتہٕ پشتاوِ" سعید اوس یِموٚ دوٚیو منٛز زیادٕ پہن نِڈر تکیاہ زِ أمی اوس جاناوار سُند
کلہٕ کھیوٚمُت تہٕ تِمی گرِ گٔہنٛی زِ بہٕ نیرِ اَمے خطرناک وَتہِ تہٕ بأیِس تہٕ کوٚرُن زور زِ پکھ مے
ستی ۔ مگر سیدَن موٚنس نہٕ ۔ دوٚپنس "نہ ۔ بہٕ چھس نہٕ بوٚت ڈٔلی ڈٔلی مرُن یژھان ۔ بہٕ
نیرِ نہٕ اَپارِ" مگر سعید اوس ڈٔنتھ لہٰذا دزٲے یِم بیوٚن بیوٚن پأٹھی ۔ اکھ دزاو خطرناک
وَتہِ تہٕ بیا کھ دزاو عام وَتہِ ۔

## سیدُن لون:

لوکٹ ہیوٚ بوے سید ووت چھیکرس سمندرس نکھہٕ اَکِس شہرس تہٕ تتہٕ روٗٹ
اَکی بڈی باپارِ تہٕ جہاز ماٲلکَن نوکری پیٚٹھ ۔ أمس اوس نہٕ وُنہِ اَتہِ نوکری کران زیادٕ
کال گوٚمُت زِ أمِس پژ ژھکھ زِ ژٕ گرٕ ھکھ سمندرگن چکرا گرُن ۔ سیدن ووٚ نکھ آ
تکیاہ زِ تَس اوس سفر کرنک تہٕ دُنیاہَس منٛز کینٛہہ وُچھنک سخت شوق ۔ مقرر کرنہٕ آمتِس
دوٚہَس پیٚٹھ اوس موسم تہِ ٹھیکھے تہٕ دزاو بندرگاہ پیٹھہٕ جہازٕ ۔ کینٛہوَن دوٚہَن سَپد پزٕ بتھ
کینٛہ سبٹھاہ خوش پأٹھی کرتہٕ باسان اوس زِ سفر سَپد سبٹھے رٕتی پأٹھی ۔ أتھی منٛز کیٚڈن اکہِ
دوٚہہ صُبحٲے ووکھہِ ژھٹھ تہٕ یہ ہُریہِ تیٚز خطرناک پأٹھی زِ جہازٕ اوس اوٚرِ یور لاینہٕ
پوان تہٕ اَخرس سَپد تباہ ۔ جہازَس پیٚٹھ یِم تہِ سوار اٲسی تِم موٚدی سٲری ما سولیہِ سیدَس
یُس گتھ تانی پچہ کھنٛجہِ پیٚٹھ لَگِتھ اَکِس سیکلِس زوٚیِس پیٚٹھ ووٚت ۔ نااُمیدی تہٕ بے

حیٚسی ہئنز حالژ منز دِیت تمۍ پٔژن پان بٔٹھس کُن دأرِتھ تہٕ دِژن کربکہٕ "ہاے۔ بٔہ گژھ کِتھ زاپاس؟ مےٚ کیٛازِ کھیاوتہٕ یَتھ ٹھاک اوسُم تہٕ پیٛوم گرِ ژلُن؟ مےٚ کیٛازِ دژاو بأژس گنے زۆن نیرنہٕ؟ یَتھ وأناکھ جایہ پرأرِی پرأرِی مرنہٕ کھوتہٕ اوس بہتر زِ بہٕ آسہٕ ہأتسی ستۍ مۆدمُت۔ ہاے کیٛاہ گوم۔ کیٛاہ گوم۔ أتھی منز پییہِ تس ہِنٛدِ ریوسہ پزِ بتھ مُصیبتس مرہم چھےٚ آسان تہٕ رأژ وۆل سہ پنٛنہٕ نِنن گنٛنن پرَدن تَل۔ سہ شوٚنگ برابر صُبحس تانۍ تہٕ ییلہِ سہ ہُشار گژھتھ پانس أندۍ پکۍ یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ بہٕ کرٛ ھِہشہ جایہِ چھس تھوٚ دوۆتھ تہٕ اَتہِ وُچھن نکھے اَکھ جہازٕ۔ أمۍ دِژ کربکہٕ تہٕ دیوانہٕ ہِنٛدی پأٹھۍ رۆ داتھہٕ وامان۔ یُتھ زِ اَتہِ نفرَن أمۍ ہٕنزِ موجوٗدگیہ ہُنٛد پے لگہِ ہے تہٕ خوش قسمتی کنۍ وُچھ سہ تمو۔ جہاز رانَن اوٗن جہازٕ تَس نکھہٕ تہٕ ژوٗنُن سہ انٛدر۔

جہازٕ وۆت ٹھیک پأٹھۍ پنٛنہٕ نِس منٛزلس تہٕ سیدن کوٚر جہاز ران تہٕ سفر کرَن والین الوداع۔ کینٛزٕس وِتس رۆدسہ شہرس پھیران تہٕ تتھ مُلکس پنٛنہٕ نِس بأژس تہٕ مأژس متعلق معلوم کران ییتہِ پتٛھہٕ سہ آمُت اوس مگر کأنٛسہِ ہیٚوٚ کنہٕ تَس کینٛہہ وَنِتھ۔ اَتھ شہرس منز روزنَس باسیوٚس نہٕ کانٛہہ مطلباتہٕ دژاو اَتہِ پتٛھہٕ اَتھ ستۍ رَلہٕ وِنس مُلکس کُن یَتھ متعلق أمۍ عجیبے عجیبے کتھہٕ آسہٕ بوزمژٕ۔

کینٛزٕ دوٗہہ وۆت اور تہٕ پزے وُچھن یہِ عجیبے جایا۔ مُلکچہٕ راز دانہٕ أکۍ ژوٗشوٗے پاسو سبٛطھاہ تھٔدی دیوار۔ یَتھ نہٕ کانٛہہ ترِتھ ہیٚکہِ ہے تہٕ اور أسی صرف اَکے درواز أژان یُس بند اوس روزان تہٕ سبٛطھاہ حبسہٕ ہُشأری سان أ ہِس رأچھ روزان۔ یہِ کیٛازِ اوس یُتھ تِتہِ وَنو أسی۔ اَتھ شہرس منز اوس یہِ رسم زِ وزیر أسی کانٛسہٕ

شخصس دوہس خاطرِ پٔتّن بادشاہ مُقرر کران تہٕ راتھ کیٚتھ اُسس مأرِتھ ژھنان۔
اَمہِ دوہس ظاٗلمانہٕ رسمہٕ کنہٕ اُسی کھیٚچو کھیٚچو اَتہِ لۆکھ ژٔلی متی تہٕ لہذا اُسی وزیرِ اُکس
سنجیدٕ اجلاسَس منز سیمتی یتھ زَن بڑ وٗہبہ گُن خاطرِ سوچ گرِہن زِلۆکھ گرٛشی نہٕ اند بتھ
پأٹھی یہِ شہر ترٛأوِتھے ژٔلنی۔ تمو کۆر یہِ رسم بدلاونک فأصلہٕ تہٕ پرٛ بتھ انٛدِ اوسکھ لۆگن
واپس ییٚنہٕ خاطرِ اطلاع سوزمُت یتھ زِ تم پانے اکھ بادشاہ ژارِ ہَن یُس توت تانی
حکوٗمت روزِ ہے کران یوٗت تانی تَس تورُک نادِ ییہِ ہے۔ اَتہِ اوس تمہِ ساعتہٕ لۆکہ
ارساتھا سمیوٗمُت ییٚمہِ ساعتہٕ سیداَتھ درواز س پیٹھ ووت۔

وزیرِ اعظم آو بڑ وٗہبہ گُن تہٕ ووٗنُن ''ہیولۆکو۔ یہِ زأنتھ زِ توہہِ چھو تمہِ پرٛانہٕ
رسمِچ سخت نفرت زِ پرٛ بتھ دوہہٕ ییہِ بادشاہ مُقرر کرنہٕ تہٕ مارنہٕ لہذا اکوٗ راسہِ اِرادٕ زِ یہِ
رَسم پھٔٹرِ اوٗو۔ تہٕ ووٗنی چھِ اُسی یہِ توہہِ پیٹھ ترٛ اوان زِ توٚہی ژأرِیوٗن پانے کانژھا یُس
ہمیشہِ خاطرِ اَسہِ حکوٗمت کرِ۔ معاملہٕ چھُ ووٗنی تھٔنڈ بن اَتھٔن منز۔ وٗنی توٚ گُس گرٛھہِ
توہہِ بادشاہ آسُن۔

''گرِ و درواز بٔنڈ'' تمو ووٗنُس درجواب ''سُے نفر آسہِ سون بادشاہ یُس ووٗنی
گوڈنیتھ شہرس منز اَژِ۔''

یہِ کۆر ییٚمو اَو کنہٕ زِ تم اُسی پانٔسے منز کانٛسہِ اَکِ سُنٛد ناوٕ ہنٛس کھوژان تِکیاز زِ
یُتھنہٕ باقی ناراض گرٛھتھ ییٚمن مأرِتھے ژھنہٕ ہَن۔ سیداَو اَمہِ تھٔدِ منصب خاطرِ
ژارنہٕ۔ سُہ ییٚلہِ شہرچہِ بجہِ برنہٕ نیبر گنہٕ پرٛاران اوس تہٕ لۆکھ آے وزیرِ بتھ تہٕ یہِ اَتہِ
وُچھِتھ واتنوٗو کھہِ عزتچہِ جایہِ پننہِ سمن بَل کس بڈس ایوانس منز تہٕ دِتکھ نعرٕ۔ ''وُچھون

پٔژن بادشاہ۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد!"۔

## سعیدُن لون:

زِ یُتھ بوے سعید دژاو پٔژنہِ وَتہِ۔ تَس گیہ نہٕ تمہِ خطرناک قسمچہِ خبرداٗرِیہ ہٕنٛدی گژین تہِ یوسہٕ تمی پٔرمٕژاٗس۔ پٔز بتھ دوہہٕ ضُمجس اوس سُہ تمہِ جایہِ داہ ساس موہر ژُلان یِیتھ سُہ شوٗنگِتھ اوس آسان تہٕ ہتھہٕ ژکر بنیاو سُہ وارِیہہ امیر۔ تَس پے پٔژ دولت ژُلنہٕ خاطرٕ وارِیہہ مزٕ ررٕژنہٕ۔

وُنیُس تاز اوسنہٕ تَس کینہہ تہِ یُتھ تیٚتھ سَپُد مُت تہٕ سُہ اوس وۄنی سوچن ہیوان زِ گنہِ پیٹھ یہِ کینژہ ھاتہِ کھۄنتھ اوس سُہ اوس بَس مذاقا کرنہٕ خاطرٕ تہٕ یوٚت تاز سُہ اَکس سارِوے کھوتہٕ خوٗبصورت باغہٕ بَرس پیٹھ ووت۔ اَتھ باغس منز اٗسی انبر د انبر وپز بتھ قسمکی خاص تہٕ خوش پوٗنی پوش۔ باغس منز اٗژِتھ وُچھ اٗمی اَکھ عالی شان مکانہٕ تہِ۔ اَمکی دیوار اٗسی روپہٕ ہٕنٛدی تہٕ تھمب اٗسس سونہٕ ہٕنٛدی تہٕ یہِ اوس تاپس منز تیتھہ پاٗٹھی پرٕ وِتر اوان زِ مُشکل نٕے اوس کانٛہہ اَتھ کُن وُچھتھ ہبکان۔

"یِیتہِ کُس چھُ روزان" تمی پرٕژھ اٗکس بَچہِ زنانہِ یوسہٕ تَس باغس منز پٕچھ "کُس چھُ یِیتہِ روزان؟ کانٛہہ فرشتا، کانٛہہ پاکباز شخصا؟"

بَچہِ دِتُس جواب "یِیتہِ چھےٚ اَکھ نازنین روزان تہٕ بٕہ چھَس تسنٛزٕ دائے۔ ژٕ چھکھ یِیمہِ جایہِ ہٕنٛز شان وشوکت وُچھِتھ حاٗران ہیوٚ باسان۔ میانہِ مالکنہِ چھِہ تیتھی ہوِی کھیٚ یا مکانہٕ تہٕ باغ۔"

"چائی یہِ مأ لکنی چھا گرے؟ ئہ ہکہِ ناسوٗ وچھِتھ؟" نو جوانن پرٛ ژھس۔

"آ۔ ژٕ ہیکَکھ تَس سمکھِتھ۔ تَس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ نفر سمکھِتھ یُس تَس اکہِ

پھِرِ سمکھنَس پیٛٹھ داہ ساس روپیہِ دِیہِ۔"

اُمی وونُس "ٹھیک چھُ۔ ئہ دِمہٕ پتی پینٛسہٕ۔ یِکھ نہٕ مےٚ پننہِ مالکنہِ نِش۔"

یہِ خوش یوٗنی زنانہٕ وُچھِتھ گو وسعید تیوٗت حأران زِ تَس درسیہ نہٕ زبانے۔ کُرٛ

اُس نہٕ اوٗت تأنی ییرٛ خوبصوٗرت کانٛہہ زنانہ ووچھمُت۔

"خوش آمدید" اُتھَس تھپھ کٔرِتھ پکناوان تہٕ اُمِس بِہنہِ خأطرٕ وٕنِتھ دوٗپنَس

"دلیہِ آسہٕ نَے ژٕے میأنی شرط وٗنی مَتہٕ۔ ژٕ یِمہِ دوہہٕ تہٕ مےٚ سمکھنہِ ییکھ ژٕے آسنے

مےٚ داہ ساس روپیہِ دِنہِ تہٕ یِیلہِ ژٕے سارے روپیہِ موکلنَے تہٕ ژٕ یِکھ مارنہٕ۔"

اُمی وونُس درجواب "مےٚ چھُ منظوٗر۔ نہٕ نہٕ۔ ئہ دِمےٚ ژٕے داہ ساس موہرٕ،

تِکیازِ اُمِس اوٗس اُمی یِنٛدِ حسنٕک نشہِ کھوٗتمُت۔

یہِ بوٗزِتھ سپٕز یہِ زنانہٕ سیٚٹھاہ خوش تہٕ دِیتنَس پننہٕ نِس گرس منٛز وارٕیہَس

وَقتَس روزنہٕ۔ پرٛ بتھ دوہہٕ آسہٕ اُمِس داہ ساس موہرٕ یِوان تہٕ یہِ اوٗس یِمہٕ اُمِس

زنانہِ دِوان۔

کینٛہہ کأل لُج یہِ زنانہٕ حأران گژھنہِ زِ اُخر یہِ کیٚتھ نفر اچھُ یُس مےٚ یوٗتاہ

دِوان چھُ سُتہِ پرٛ بتھ دوہہٕ۔ تمہِ سوٗنٛچ یہِ گوٚژھِ ضروٗر کانٛہہ جوودوگر یا تِتھے ہیوٗ کینٛہہ

آسُن۔ لہٰذا روٗز سوٗ اُمِس برابر ژٕر ژٕان۔ اُمی یِنٛز دولتمندی ہُنٛد ہر گو وجلدٕے فاش

"اُمی چھُ سونہٕ پِگھش سُنٛد گلہِ نبنگلو ومُت" تمہِ یِیلہِ اُمی یِنٛدِس تتھ بسترٕس پیٛٹھ موہرٕ

وُچھہٕ یێمہٕ پێٹھہٕ سعید اَمی وِزِ وۄتھمُت اوس تہٕ تَمہٕ سۄنچ پانسے ٲستی۔ سوٗ ہیٚچ یہِ اَمہٕ کُنہ
ؤنتھ تِکیاِ زِ سوٲ س اَکھ جود گرِ نی۔ یہِ ہر نِنتھ کوٗرتَمہِ یہِ پوٚختہٕ اِرادِ زِ سو گرِ پَنہٕ نِس
أمس عاشقس تباہ۔

اَکہِ دوہہٕ وۄنی تَمہِ أمِس ''وولہٕ أسی چھمو اَز شراباہ یہِ چھُ مےٚ وۄنی ووتمُت۔''
اَمہِ پَتہٕ گیہِ سو تہٕ اۄنُن کینْہہ شراب تہٕ پیٛالہٕ تہٕ تھاوِن أمِس برٛونہہ کُنہ سعیدَن چۄ
شوقہٕ سان۔ تَمہِ تہٕ چۄ مگر کیٚہہ رژ ھا۔ یہِ شراب اوس سخت تیز یێمہٕ کِنۍ سعیدس تیٚمہ
سبٹھاہ زیادٕ چوٚمُت اوس ؤلی ؤلی کاف ہیٚرن ہٕکھسنہٕ تہٕ تیٚتھ آو چھو رَنہٕ زِ سُہ سَپُد بلکل
دیوانہٕ۔ اَمہِ ٲستی وۄتھ أمِس أندری دوٗ دسہٕ تہٕ۔ ''مےٚ دِتژ لیش! ترٛیش دِتَم!'' سُہ اوس
چکہٕ دِوان۔ تَمہِ اۄن أمِس ہند وہند رَس تہٕ بیٚیہٕ کینْہہ دَچھ۔ أمی دِژ اَتھ تھپہٕ تہٕ یام
أمی ہند وہند رَس چۄ تہٕ دَچھ کھیٚیہٕ تہٕ سُہ گو وسخت بیمار۔ تَس آو تہٕ سأیلم ؤتِھتھ یہِ تَس
معدس پیٚٹھ اوس تہٕ پَتہٕ گو وشوٗ نکنہٕ۔

وۄنی یُس جاناوار سُند کلہٕ سعیدَن نِنگلومُت اوس سُہ اوسنہٕ معدس منٛز
وۄتھمُت تہٕ نہ اوس یہِ باقی کھٔلکی پأٹھی پَنہٕ پَنہٕ گوٚمُت۔ سعید ییٚلہٕ بیمار گوو تہٕ پتہٕ
آس واپس۔ زنانہٕ اوس یہِ توقعے تہٕ ؤلی ؤلی یہِ تھوٚ دتِکتھ تھوون یہِ پَنہٕ نِس أکِس
ذأتی ڈبَس منٛز ییٚمیک نہٕ بیٚیہٕ کأنسہِ پتاہ اوس۔

بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ سعید ہُشار گوو تہٕ دوہدِ شکی پأٹھی اَتہٕ موہرِ وُچھن نہٕ تہٕ
سُہ سَپُد سبٹھاہ حأران۔ تَس اوسنہٕ فکرے تران زِ مےٚ کیاہ پزِ گرُن۔ زنانہِ اوس أمِس
ؤنتھ تھومُت زِ ہر گاہ نہٕ مےٚ شام تانْی یمہٕ (موہرِ) واژے بہٕ کرتھ قتل۔ اَتھ سأنز

ہے دوہَس اوس سُہ زبردست پریشان تہٕ ییلہِ شام سَپُد سُہ ژاو گُژھس منٛز تہٕ کوٗرُن دروازَس أنٛدرِ رٕ قُلف۔ زنانہٕ پڑاریٚس کینٛژس کالس تہٕ پتہٕ سوٗزنس ناد۔ مگر أمی سوٗزُس جواب زِ بہٕ چھس نہٕ اَزٕ ٹھیک لہٰذا دِمہٕ معافی۔ خاَر چھیکرس تہٕ پیوٚ اَمِس تَس نِش گژھُن ''مےٚ چھُنہٕ ژےٚ دِنہٕ خاطرٕ کیٚنہہ تہٕ'' تُمی ہیٚنٛدِ لولہٕ ہٕنٛز بوٗارِ کرنس پتھ وَوٗنُس أمی۔ ''مےٚ چھُنہٕ پتھے زِیہِ کیاہ سَپُد زِ مےٚ چھُنہٕ کیٚنہہ تہٕ پیٚنٛسہٕ۔ بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ ژےٚ پٔنٕن مصیبت سمجھأوِتھ۔ اَتھ معاملس پیٹھ چھُ مےٚ اَزٕ تیٚنٛتھ غم زِ بہٕ چھُس نہٕ قدم تہٕ کڈِتھ ہیٚکان۔''

زنانہِ وَوٗنُس ''مےٚ تہٕ چھُ افسوٗس۔ مگر اَتھ ہیٚکو نہٕ کیٚنہہ تہٕ کٔرِتھ۔ وَوٗن گو ژےٚ دِتھ مےٚ یُتھ اتھہِ ووٗتھہ ترٛأوِتھ لہٰذا چھَس بہٕ ژےٚ قتل کرنس متعلق پٔنٕن شرط واپس نِوان تہٕ ژٕ چھُسَتھ بہٕ آزاد کران۔ نیرِ تہٕ مےٚ ہأوِ زبنہٕ وَوٗنی توٗت تانی بُتھ یوٚت تانی نہٕ ژٕ زیادے امیر بنِکھ''سعیدَن کوٗرُس شُکریہِ تہٕ دراو۔

''افسوٗس، ہزار افسوٗس'' سُہ رُوٗدونان ییلہِ سُہ باغہٕ بَرَس نیبر دراو۔ ''ہائے مےٚ کیاہ زِ مانیاو نہٕ بأے سُنٛد سُہ عاجزی سان زارِ پارِ تہٕ بہٕ کیاہ زِ درایاس ییمہِ وَتہٕ! وَوٗنی کیٚتھہٕ کٔنی پھیرَن میأنی قدم واپس وَوٗنی پزِ مےٚ سیوٚدُے برٛونٛہہ کُن پکُن تہٕ وُچھن زِ مےٚ کوٗت اِتناوِ پٔنٕن تقدیر۔''

سُہ دراو اکہِ جنگلہٕ منٛزی تہٕ اکہِ بڑ مأدلنہٕ کنہِ تہٕ یام سُہ اَمہِ مأدلنہٕ منٛز نیرُن ہیوٚتُن تہٕ تُمِس سمکھ ترٛےٚ نفریم پانہٕ وأنی اَکھأ کس ستی تیز کلأمی أسی کران تہٕ بہ اوس تِم ژور چیز پانہٕ وأنی بأگراونہٕ ہیٚنٛس پیٹھ سپدان یہنٛدی آغہٕ یعنے أکی فقیرَن

یَمَن دِتی ۂتی اُسی تہٕ یُس پانہٕ اَمہِ بڑ وٕنہے پہَن گزریومُت اوس۔

""تۄہی کیاز ِ تِتھہٕ کنہٕ پانہٕ وأنی ژُوان" اَمی پڑژھکھ "تلہٕ سامےٚ ہاُ وِیم چیز"

یمو تڑ یپو نفرو یَمَن پانہٕ وأنی نِیاے اوس مُہرأوی پُنٛز یوقچہٕ تہٕ تڑ ووٗکھ اُمس

بڑ وٕنہہ کُن اکھ بُدرِ پیٹھ، اکھ تھال، اکھ سورمہٕ دأنی تہٕ بییہٕ اکھ ژھیوٗنمت پڑون

خرقہٕ۔

""ٹھیک" اسناہ کرِتھ ووٗتھکھ سعید "مگر یم چیز چھِنہٕ تیتی قیمتی باسان زِ تۄہی

ژُوِیمَن پیٹھ"۔ تِمو دِتُس جواب "ژےٚ چھی نہٕ یمَن ہُنٛد مول پتاہ۔ بوز، یَتھ بُدرِ

پیٹھِس پیٹھ یُس اکھا تہٕ بِہہِ یہ ہیکہِ تَس کُنہٕ تہٕ جایہِ واتناوِتھ چاہے سو جاے کوتاہ تہٕ

دوٗر آسہِ یا یوٚت واتُن مُمکن تہٕ آسہِ نہٕ۔ یہ تھال واتناوِ پنہٕ نِس مأ لِکس ہر ساعتہٕ

پڑیتھ قسمک کھین۔ یہ سورمہٕ چھُ اُچھن لاگنہٕ یوت تہٕ سُہ نفر ییہِ نہٕ کأنسی بوزنہٕ

ییلہِ زَن سُہ پانہٕ پڑیتھ کینہہ تہٕ پڑیتھ کأنسہِ وُچھِتھ ہیکہِ تہٕ یَتھ پرأنس پکوس چھِ

ژور چنٛدٕ۔ اکہِ چنٛدٕ منٛز نیرن تیتی پنٛسہٕ ییتی انسانس ضرورت آسَن، بییہٕ منٛز نیر رو پھ

بییہٕ منٛز سون تہٕ بییہٕ منٛز لال جوأہر"۔

""سبٹھاہ دلچسپ! سبٹھاہ قیمتی" ییلہِ یمو نفرو یہ وضاحت کرِ تہٕ ووٗنکھ

سعیدن "ژھوٚ ترأ وِ تو ہی ووٗنی لڑأ ے۔ بہٕ وَنو تو ہی کیاہ کرِ و۔ پتی مہٕ چیز چُ مَتہٕ ہے

تو پریشأنی۔ سُہ دِیوٕ مےٚ۔ ژٕ رٹھ بُدر پیٹھ، ژٕ تھال، تہٕ ژٕ رَٹھتہٕ سورمہٕ ڈٔبی۔"

""نہ، ہرگز نہٕ" تِمو دِتُس جواب "یہ ہکو نہٕ اَسی زِ نہے کرِتھ تِکیاز ِ اَسہِ چھُ قسم

کھیوٚمُت زِ یمو منٛز تڑ اَو ونہٕ اَسی کانٛہہ تہٕ چیز۔ اُتھی شرطس پیٹھ چھِ یم اَسہِ بَن

(مطلب فقیرن) دِتی مٔتی ۔ نیر ژ اُسی گرو پانٔے اَسہِ چھےٚ اَکیے وۄمید زِ اَسہِ منٛز مَر جلدِ ے اَکھاتہٕ پَتہٕ گژھہِ نہٕ اَسہِ یَمَن چیزَن حِصہٕ کرُن مُشکل ۔ ژور چیزَن ہکَن سہل پاٹھی دۄن منٛز بأگرنہٕ یتھ ۔''

''مگر اَتھ کتھ چھُ کانٛسہِ ہنٛدِس مرنس پژارُن'' سعیدن وۄنکھ ۔ ''توہہِ وُچھتھ چھُ سیٚوٗ دباسان زِ توٚہی سأری کۄڈِوۄاریہہ وأتس ۔ میٚون مشورٕ چھُ توٚہی گرو وُنی فأصلہٕ ۔ توہہِ منٛز نیٚیہِ اَکھاز چیز تہٕ باقے زِ نن اَکھ اَکھ چیز ۔ وُچھو یورگن ۔ توٚہی مأنی ولیہِ ؟ ئہ لایکھ یم ژرے تیر تیۆت دۄریۆت ئہ ہکہٕ ۔ اَکھ تیر لایہِ ئہ پانس بڑوٗنٹھی کنی ۔ بیٚاکھ یپأری تہٕ بیٚاکھ ہپأری ۔ تتھےٚ ئہ توہہِ اشارٕ دِمو توہہِ منٛز دۄرِ پژ بتھ کانٛہہ اَکس اَکس تیرس ۔ ژ دور تتھ یُس ئہ بڑوٗنٹھ کُن لایہ تہٕ ژ تتھ یُس ئہ یپأری لایہِ تہٕ ژرے تتھ ہوس یُس ئہ ہپأری لایہِ ۔ تہٕ یُس نفر سارِوے بڑوٗنٹھہ تیر ہیتھ واپس واتہِ سُہ نیٚیہِ ژ چیز ۔''

تمو وۄنُس ''مُجر اہ'' لہٰذا اأے سعیدن تیر تہٕ تم دژاے ۔ تم اُسی دَوان تہٕ سعید تلی تن تھال، سورمہِ دأنی تہٕ پژون ژھیٚوٗ نمت خرقہٕ تہٕ بیٚوٗٹھ بٔدرٕ پیٹھس پیٹھ تہٕ گرِن تتھ جایہِ واتٕنچ خأہش یوٚت نہٕ یم ژرے وأتتھےٚ ہکہٕ ہَن تہٕ فورَن سپُد سُہ غأب ۔

ییٚلہِ یم ژرے نفر تیر ہیتھ واپس وأتی تہٕ تم سپدی یہِ از اأنی نفرتہٕ پنٛنی یم موالی چیز لتہِ نہ ڈیٚشتھ سبٹھاہ مویوس ۔ تمو لوگ پَنہٕ نس تقدیرس پیٹھ وَدُن تہٕ ماتم کرُن ۔ تمو وۄن زِ ''سون رہبر سپُد اَسہِ ناراض تِکیا زِ اَسہِ لأج لڑأے تہٕ توے آو سُہ یہِ نفر

اَ ۔گتھ تہٕ نیوٗن سون یہِ خزانہٕ ۔''

سعید اوس تمہِ جایہِ نِشہِ سبٹھاہ دوٗر رووتمت ییٚتہٕ اَمی تڑے زٔنی تڑ اُوی ۔ییٚلہِ تمی تھالہٕ ذریعہِ پڑ ہتھ ٹسمہٕ کہِ کھنہٕ ستی پان سیر کوٚرتس پیٚیہٕ سوٚخوٚبصورت زنانہٕ یادتہٕ یوٚ ژھُن تَس دُبارٕ سمکھُن لہٰذا اپُنی یِم چیز بٔدر ریٹھس پپٹھ تھاۍ وِتھ بیوٗٹھ سُہ پانہٕ تہٕ اَتھ پیٹھ تہٕ جلدٕ ے ووت سُہ تَتھ سونہٕ تہٕ روپہ کہِ عالیشان مکانہٕ ۔کس چھَش پیٹھ ۔اَتہِ تھوو گوڈٕ اَمی پنُن خزانہٕ چھوٚپراۍ وِتھ تہٕ پَتہٕ وۄتھ تمو ہیرو ۔کنی یوٚن یمہٕ صحنس تاز واتان آسہٕ ۔اَتہٕ وُچھ اَمی دارے تہٕ اَمس وۄنُن زِژ وَن پنہٕ مالکنہٕ میانہٕ پینگ۔

ییٚلہِ اَمہِ خوٚبصورت زنانہٕ یہِ وُچھ تَس توٚر فکرٕ زِ اَمی چھےٚ ییٚیہٕ کیٚنھہ روپیہ اَنہٕ مَژ ۔لہٰذا کوٚرنس زبردست استقبال تہٕ دِیُتنس سبٹھے زیادٕ عزت تہٕ پرٛژھنس تمہٕ سارے سفرُک حال یُس تمی اَمس نِشہِ نیرنہٕ پَتہٕ کوٚر مُت اوس۔

''بہٕ اوسُس چانہٕ خاطرٕ ییٚیہٕ روپیہِ اَنہٕ خاطرٕ پنہٕ نِس مُلکس گوٚمُت'' اَمی وۄنُس ''بہٕ ہیوٚکُس نہٕ ژےٚ نِشہِ دوٗر روٗزِتھ۔''

یہِ اوس سُہ سوٗرے اپزٕ ے ونان مگر یہِ اوس نہٕ یژھان زِ اَمس زنانہٕ کیٛاہ گژھہ یہِ پَے لگن زِ بہٕ گَتہٕ چھُس یہِ دولت انان۔ سُہ اوس پڑ ہتھ دوہہ پراَنس ژھیٚنی ہِتس جندس نِش واتان تہٕ آسَس تیٚژ روپیہِ میلان ییٚژ حاجت آسہٕ آسان۔

ہِتھہٕ کنی روٗدی ربٔس کھنڈس تِتھے پاٹھی خوٚشی سان دوہہ گوٗزران یوٚت تانی سعیدس یہِ ہیوٚتُن باسُن زِمےٚ چھِ گوٚس ۔اکہِ پھیرِ باسیاوتس ہیرِ کھسہٕ وُن پِتی کنی ییٚہے فُٹ بال ہِش تہٕ ییٚیہٕ وِزِ باسیہٕ تَس پتُس پیٹھ کھنہٕ تانی ژھاے ہِش ۔لہٰذا کوٚر

أمِ چھٔتہٕ بے پیٹھ شۆنکنک فأصلہٕ تہٕ وۆنُن أمِس زنانہِ ''میأنی ٹأٹھی ۔ مےٚ چھُ أزٕ نبر
کُن چھتس پیٹھ شۆنکنک اراد ۔ پکھ ژٕ تہٕ'' تمہِ مۆنُس تہٕ تم شۆنکی وارِہن رأژن
ژٕنِس چھتس پیٹھے یکوٹہٕ یوٚت تانی سعیدس وارے شک رۄدگنان ۔ تٔمۍ سۆنچ پانسے ستۍ
''ہرگاہ زَن یہِ خرقہٕ تہٕ یم باقے چیز مےٚ ژۄرِنیکھ بہٕ کیاہ کرٕ پَتہٕ؟ بہٕ نیرٕ أزی راتھ کیتھ
بیٚتہٕ تہٕ یہِ زنانہٕ پانس ستۍ نیٚچ کر کوٗشش ۔''
تمہِ رأژ بیلہِ تم چھتس پیٹھ کھٔتۍ تہٕ أمی ہووأمِس بُد ریٚپٹھ تہٕ دۆپنس پکھ
بیٚہہ مےٚ ستۍ اَتھ پیٹھ تمہِ کوٚرلی تہٕ سعیدَن کرِ خأہش زِ أسی گژھو توٚت واتِتھ بیٚتہٕ نہٕ
بیٚہِ کانٛہہ آسہِ تہٕ یمہِ وأتی اے ساعتہٕ أکِس خوبصورت زۄِس منز بیٚتہٕ نہٕ کانٛہہ اَکھا
روزان اوس ۔
''میأنی ٹأٹھی ۔ بیٚتہِ روزو أسی یکجا'' بُد ریٚپٹھ رٕکتھ وۆن أمی أمِس زنانہِ ۔
تمہِ وۆنُس درجواب ''یہِ چأنی مرضی تی چھےٚ میأنی تہٕ ۔ یوٚت تانی بہٕ ژےٚ ستۍ
چھس توٚت چھنہٕ مےٚ کانٛہہ پرواے ۔''
یہِ کلامہٕ بۄزِتھ سپُد سعید سبٹھاہ خوش تکیازِ تَس اوس باسان زِ سوچھےٚ یہِ دِلہٕ
ونان ۔ وارِ وارِ وۆل سُہ تتھہٕ پأٹھی اَمہِ پَنہٕ ملیہِ زِ أمی وُنی أمِس پننہِ خزانکی ساری سِر ۔
تمہِ پرٛژھُس ''ژےٚ رٕکتھہٕ کنی چھی پژٕ بتھ دوہہ یتھ عالی شان کھمن
میلان ۔''
أمی وۆنُس ''خداصأب چھم سوزان ۔ مےٚ چھُ صرف یہِ تھال آسان کڈُن
تہٕ خأہش کرٕنی تہٕ یُس کھمن مےٚ یوٚ ژھٕمُت آسہِ سُہ چھُ امی وِزِ واتان ۔''

تَمہِ پرٛژھُس ''یتھ غارٕ آبادٕ زٕوِس پیٹھ کتہِ چھُکھ ژٕ روپیہِ انان۔''

تَمہِ وۄنُس ''یہِ بدر پیٹھ رٕکتھ ہٕکٕنہٕ چھُ اَسہِ ہَوہَس منٛز تِلِتھ نوان زنتہٕ یہِ جاناوار چھُ آسان۔''

جواب وۄننس ''یہِ رٕکتھ ہٕکنہٕ چھُ یہِ گٔرتھ ہبکان تتھ ہیکہٕ نہٕ بٔہ وضاحت گٔرتھ۔ مےٚ یہِ کینٛژھا پتاہ چھُ سُہ چھُ یہِ زِ بٔہ چھُس صرف اَتھ پیٹھ بیہان تہٕ چھُس گُن واتنٕچ خاہش کران تہٕ بٔہ چھُس فل فورتھ جایہِ واتان یوٚت بٔہ واتٕن چھُس یژھان۔ مگر بیٚیہ تہِ چھُ بیاکھ چیز ایٚس نہٕ ژٕ ےٚ وُنہٕ وُچھتھےٚ۔ مےٚ چھُ اَکھ سورمہ ہا یُس اگر کانٛسہِ اَچھن لاگنہٕ ییہِ تَس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ وُچھتھ بیٚلہِ زَن سُہ نفر پانہٕ تہٕ سالِم وُچھتھ ہیکہِ یہِ زَن سپدان آسہِ۔''

''میانہِ ٹاٹھہِ۔ بٔہ کرٛاہ خوش گیس زِ ژٕےٚ وۄنُتھ مےٚ یِمَن قیمتی چیزن ہُنٛد''

تَمہِ وۄنُس ''اَسی کِتیاہ امیر چھِ تہٕ بٔہ کرٛاہ خوش قسمت چھُس زِ مےٚ چھُکھ ژٕ! ژٕےٚ کیاز ِ وۄنتھ نہٕ مےٚ برٛونٛہہ پننہِ امہِ خوش قیمتی ہُنٛد؟ وۄنی چھُنہٕ مےٚ واپس پَنٕن گرٕ گژھنٕچ کانٛہہ خاہش۔''

پُرٛی رٕکنی آسہِ یِمہِ میچھہِ گتھہٕ یِمہِ سعید نبن کنن منٛز زنتہٕ مانٛچھ وَژھہٕ مگر یمہٕ آسہٕ ژکہِ ئلی۔ اَمِس زنانہِ ہُنٛد مقصد اوس زِ سو گرِ ہے اَمِس پانس متعلق پرٛ بتھ قسمہٕ کہِ شکہِ نِشہِ آزاد۔ تَس اوسنہٕ سُہ زنہٕ ہے لوٗٹھ تہٕ زنہٕ ہے اَسنہٕ تَس ستی روزٕن یژھان۔ اَتھ برعکس اَس سونٛل دِتھ اَمِس خاکس پیٹھ واتناونہٕ پتہٕ مارُن یژھان۔ اَمہِ پتہٕ روز سویم ژوشوَےٚ موٗللی چیز حاصل کرنہٕ خاطرٕ کوٗشش کران۔ تِمس پیوٚنہٕ یہِ موقعہٕ پرٛاوُنس

زیادٕ وقتس پژ ارُن۔ اکہِ دوہہِ صُبحٲے یِیلہِ تِم یکووٹہٕ سۆ درٕ بُتھی بُتھی پکان اُسی تہٕ تمہٕ بأوسرٕ ان کرنٕچ خاہش تہٕ وۆنُن سعیدس زِژٕ وَس گوڈٕ آبس منزٕ تہٕ وُچھ یہِ کُوتاہ سۆن چھُ۔ تِمو کۆ ریی تہٕ سہٕ یِیلہِ اورٕ یورژ ھاتھ اوس وایان تمہٕ تُل تھال، سورمہٕ دأنی تہٕ جندٕ پکلو تہٕ دَوان دوان ئدرٕ پیٹھس نِش وأتتھ پیٹھ اَتھ پیٹھ تہٕ گرِن واپس پنہٕ نِس عالیشان گرٕس منزٕ واتنٕچ خاہش۔

بچأرس سعیدس تۆ رفکرِ زِتَس کیٛتھ فریبا آو دِنہٕ۔ تنتھہٕ نوٗن، ترٕ ہوٗت تہٕ بوچھہِ ہوٗت رٕو دسہٕ زُوِس پیٹھ اورٕ یور دوان تہٕ پنہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔ یانی شام ہیٛوٗتن سَپدن تمی ہیٛوٗت سوچُن زِ یہٕ کیٛاہ گرٕ راتس۔ یوٗ دوٗے تَس نہ کھنِن تہٕ نہ پکلو أسی تہٕ گرتھ تہٕ پژتَس ژھٹہِ نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ ژھپَن جاے ژھانڈٕنی۔ بَلکہ کِمن تہٕ صُبحس بأ گی تِمس کانہہ جہازٕ نظرِ گژھہِ۔ یتھہٕ کنی دِیُت تمی پأنی پانس تسلی۔ وُلی وُلی لاجہٕ تمی کُلین لنجہٕ پھٹراونہٕ تہٕ سہٕ یِیلہِ یہٕ کران اوس تمی سُنٛد توجہ گووترٕ بن جاناوارن کُن یم ترٕ بن اَلگ الگ کُلِن پیٹھ بِہتھ أسی تہٕ اَکھ أکس أسی سبتھٕے شوقہٕ سان جواب دِوان۔ تَس توٗ رفکرِ زِ یم کتھ متعلق چھِ گتھہٕ کران۔

أکی جاناوارَن وۆن ''میٛأنس کُلس چھےٚ سبتھاہ بٔڑ خأصیت۔ ہرگاہ کانہہ نفر یتھ دبل تُلہِ تہٕ اَتھ پۆرٕ پأٹھی گہتھ پپند ہش بناوِ۔ یہِ پپند ہیکہٕ کُلہٕ دودٕ لراونہٕ خاطرٕ بڑٕ فأیدٕ مند أستھ۔ کُلہٕ دأدی لدس چھُ صرف اَتھ مُشک ہیٛوٗن تہٕ فورَن ژلِس کُلہٕ دود۔

دۆیم جاناوارن وۆن ''سبتھاہ جان، سبتھاہ جان۔ مگر میٛوٗن تہٕ بوز۔ میٛوٗن کُل چھُ چانہٕ نِشہِ زیادٕ مولُل تہٕ ہرگاہ کانہہ شخص یتھ دبل تُلہِ، تتھ گہِ تہٕ پتہٕ سہٕ امہِ کمن

پَنہٕ ؤتھرَن ہنٛدِس رَسَس ءتیٖ رلاٚ وِتھ اَتھ پینٛد ہش بناوِ۔ اَتھ آسہِ طلسماتی اثر تکیاز یُس تہِ نفر اَتھ مُشکک ہیٚیہ تَس بنہِ خر۔"

تژیٖم جاناوارَن وۆن "پزٕ کنہ چھُ یہِ تعجبس لایق مگر تیٚوت تنبہٕ یُت یہِ گُل چھُ یتھ پیٹھ بہ بہتھ چھس۔ ہرگاہ کانٛہہ شخص یمہِ گلہِ کِس دبلس تہِ پی کرِ تہٕ پَتہٕ سہٕ ہِمس یا کانٛسہِ تہِ جانورَس اَتھ مُشک ہیاوِ سہٕ جانور بنہٕ تِمی وِزِ انسان۔"

سعیدن سمُجھ پۆر پاٹھی جاناوارن ہُنٛد وَنُن۔ تِمی ہیۆک یہِ اوِ کنہ کرِتھ تکیاز اُمی اوس اکہِ وَقتہٕ سونہٕ جاناوار سُنٛد گلہِ نمگلو ومُت۔ سہٕ سپُد یمہِ رژ کتھہٕ بوٗزِتھ سبٹھے خوش۔ یہِ ترِسیوٚ دٕے فکرِ زِ تِمی بناوِ اَمی ساعتہٕ یمو کلو پیٹھہٕ تژ ھے تژے پینٛزِ یہِ زَن جاناوار وۆ نمت اوس۔ تِمی تھووِ یِمَن حبہٕ سان نِشانہٕ یتھ زَن تِمس مُشتھ گژھہِ ہیٚہٕ زِکوسہٕ کیاہ چھےٚ۔ پتہٕ شۆنگ تہٕ پینٛس نِنٛدرِ۔ صُبحس یاٚ گِ وۆتھ سہٕ سبٹھے وُداسِ دِلہٕ "وائے خدایہ، مےٚ بچاوتہٕ، مےٚ رَچھتہٕ!" تِمی دِژ کربکہٕ تہٕ تِمی سُنٛد یہِ وَنُن سپُد قبوٗل۔ اَکھ بۆڈ جاناوارا آو وُڈان تۆتے یمیٚتہٕ یہِ اوس تہٕ کھوٚژ نووُن یہِ یتھہٕ پاٹھی زِ یہِ گو ویپنہِ حفاظتہٕ خاطرِ دوان دوران اَکِس بجہِ گُلی دورِمژ۔ مگر یہِ جاناوار ژُل نہٕ بلکہِ رۆ دانٛدرِ اَنٛدرِ گتھ دِوان تہٕ پھِرِ پھِرِ سعیدس کُن شوقہٕ ہۆت وُچھان۔

سعیدَن سۆنٛچ "اُمِس جاناوارس کیاہ چھُ کرُن مقصد؟ یہِ چھا مےٚ کھیوٚن یژھان؟"

سہٕ ییٚلہِ پی اوس سوچان یہِ جاناوار وۆتھ گُلی دورِ بژ وٚتھہٕ کنہِ پتھر تہٕ چھُ اُمِس کُن وُچھان تہٕ لوگُن وَنُن "اَکھ نفر اچھُ یتھ زُوِس پیٹھ آمُت۔ سہٕ چھُ سبٹھے مصیبتس منز تہٕ ہرگاہ نہٕ سہٕ میانٛی گتھ بوزِ تیٚلہِ مرِ سہٕ۔ مےٚ چھےٚ اُمی سٕنز سبٹھاہ پریشانی۔ تِمس

ہے میوٚن وَنُن فِکرِ ترٕ ہے تہٕ مےٚ زنگہِ تھِچھ گر ہے! ئہ وُچھہٕ ہائسہ ہبتھ گنہِ تژھہِ جایہ یوسہٕ زیادٕ آبادآسہِ ہے۔"

سعیدَن سمجھ اَمی سٕنزٕ یہِ گتھ وارٕ پأٹھی تہٕ یہِ ہاونہٕ خأطرٕ زٕمےٚ سَمجھ گرأمی پننہٕ نو دہ نو یوأتھوٕ ستی اَمِس جاناوارٕ سٕنزٕ زنگہِ اَکِس تھِچھ۔ فورن مُوٚراوِ اَمی بُڈی جاناوارن پننہِ پکھہٕ تہٕ گووٕوُڈِتھ۔ یہِ پوٚک میلہٕ وادیوٚت تانی یہٕ اَکِس مشہوٗر شہرس منز ووٚت۔ اَتہِ ترٕووأمی سعید تہٕ گووغأب۔ اَمِس جاناوارس وُچھتھ سٕے وٗلی وٗلی اَتھِکی وارِیہہ بٔسکین اَتہِ اَندی اَندی تہٕ لٲگِکھ اَمِس وارِیہہ سوال پرٛژھٕنی "ژٕ کتھہٕ پأٹھی ووتکھ یَتھ حالس؟ ژٕ ےٚ کیاہ چھُی ناو؟ ژٕ ےٚ کتہِ چھُی گرٕ؟ یِمَن سارنٕے سوالَن دِیُت سعیدَن پوٗرٕ پوٗرٕ جواب تہٕ گُمی یہِ کینژھا ووٚن تہٕ یوٗ زِتھ آو تِمَن اَمی سُند سبٹھاہ عار تہٕ تِمو اوٗن اَمِس کھِمن تہٕ پکو بییہِ ووٚنہس زِ یوٚت تانی ژٕ بزٕ وٕنٹھ گُن کینژھہ کرنک سوچکھ توٚت تانی روزٕ اَسہِ نِش۔

اَمی سٕندِ اور واتنہٕ پتہٕ کینژٕ دوٚہ پتہ یہِ زٕ اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ سٕنزٕ کوٗر پییہِ بیمار تہٕ تَس کوٚرُن زبردست گلہٕ دود۔ شہر کی ساری حکیم آے محل خانہٕ بُلاونہٕ تہٕ کوٚرُکھ اَمِس علاج مگر امیک دژاونہٕ کھٔنی تہِ فأیدا۔ یہِ ووکھہٕ گلہٕ دود روٗد جأری۔ چھیکرس باسیاو بادشاہس زِ یہِ گژھہ نہٕ مَرٕنی لہذا کرنوٗون اَتھ متعلق پننہِ مُلکہٕ کین سارنٕے لوٗکن اَتھ متعلق یہِ اعلان:

ہرگاہ کانٛہہ نفر شہزادِ ٹھیک ہیکہٕ کٔرِتھ تِمس پییہِ اَمی ہٕے ستی کھاندر کرنہٕ تہٕ بییہِ ییس نصف سلطنت دِنہٕ۔

سعید گوو یہِ گَتھ بۄ زِتھ خوش۔ تٕمۍ وُچھ وۄنۍ پانس بڑٕ وٕنۍہہ کُن سو وَتھ یۄ
عزت، سبٹھاہ طاقت تہٕ شان وشوکت اوس۔ تٕمۍ تُلۍ ڈٕلی ڈٕلی پٔنٕنۍ قدم محل خانس کُن تہٕ
اَمہِ کِس دروازَس پیٹھ موجوٗد نفرس وۄنُن زِ ژٕ دِ بادشاہَس یہِ اطلاع زِ اَکھ نفرچھ
آمُت یُس شہزادِہُنٛد کلہٕ دود بُلرأوِتھ ہیکہِ۔
بادشاہَن بیٚلہِ یہِ شیٚچھ بۄزتہٕ تٕمۍ وۄن ''سُہ نفرسوٗزیوٗن مےٚ نِش۔'' سعیدأ
تہٕ بادشاہَن وۄنُس '' ہے شہنشاژٕ ہیکہٕ کھامیٚانہِ کورِ ہنٛدِس کلہٕ دأدِس علاج کٔرِتھ؟ میٚانہِ
مُلکہٕ کیو وارِیاہو حکیموکٔرأمِس بُلراونٕچ کوٗشش مگر افسوٗس، تِتھ دژٕ اونہٕ کانٛہہ ترا۔ ژےٚ
کیٚاہ وومید چھےٚ زِ ژٕ ہیککھ تہنٛدِ کھوتہٕ کیٛنٛہہ بہتر کٔرِتھ۔''
سعیدَن دِتُس جواب ''عالی جاہ، سبٹھاہ وومید چھَم۔ تۄہی اَنأوِی تون شہزأدی
تہٕ پانٕٔن منٛٹن اندر آسہِ سوٗ ٹھیکھ''
بادشاہَن وۄنُس جوشہِ ہۄت ''خدا بۄزِن'' تہٕ کوٚرُن کورِ آلو۔
شہزأدی آیہِ۔ سوٗ اُس سخت پأٹھۍ اٗے تہٕ وأے کران تہٕ سوٗ اُس سبٹھہِ
کمزور تہٕ ژھبتہٕ گمژ باسان۔
سعیدَن پلنأوتَس کُن پھِرِ مَتہِ گُلی دٕلیچ سو پیٛنٛڈ۔ یَتھ متعلق جاناوارَن وۄنمت
اوس زِ یہِ چھےٚ کلہٕ دأدِس علاج تہٕ وۄننس '' ہے۔ یَتھ مُشک'' شہزادِ کوٚر یلی تہٕ گٔیہِ فورن
ٹھیک۔ بادشاہ تہٕ شہزأدی تہٕ بیٚیہِ تِم ساری یِم اَتہِ موٗجوٗد اٗسۍ سپدی سبٹھاہ حأران۔
بادشاہَن کوٚر معلوٗم زِ سعید کُس اوس، سُہ کتہِ پیٹھ چھُ آمُت، سُہ کیٚا زِچھُ اَتھ شہرس منٛز
تہٕ تٕمۍ کٔر بیٚلہِ یہِ سأرِے کہأنی بۄزِتمِس گٔیہِ اَمِس متعلق زبردست دلچسپی پأدٕ یُتھ زِ تٕمۍ امہ

ساعتہٕ حُکم دِیُت زِ اُمی ہِنٛدِ محل خانس منٛز روزنہٕ خاطرٕ گژھَن کمرٕ بناونہٕ یِنۍ۔ کینٛہہ کالہٕ پتہٕ کوٚر تٔمۍ پننہِ کورِ اُمس سٟتۍ کھاندرتہٕ راجہِ رٔنگی دِژُنس پٔنٛنۍ نصف سلطنت وۄں گوو اصلی اوس سعیدے وۄنی سأری ہے پٹھ حکوٗمت کران تکیاز بادشاہ اوس وۄنی بُڈ یوٗمت تہٕ سُہ اوس وۄنی اندٕہتھے عوٲمی زندگیہِ نِشہِ دستبردار سپدُن یژھان۔

اَتھ عزت مندی تہٕ خوشحالیہ منٛز تہِ گیہٕ نہٕ سعیدَس سوٗنٛکھ بصورت زنانہٕ مُشتھ ییمہِ تَس سٟتۍ یؠت غلط اوس کوٚرمُت۔ سُہ اوس تَس انتقام ہیوٚن یژھان تہٕ اَخرس گووٚ تٔمۍ سُندِ یہِ انتقام ہینٛک جذبہٕ تیوٗت تَس سُری پیٛٹھی زِ سُہ گووپننہٕ نِس ہیٛہرِ بابس نِشہِ تہٕ وۄننس مےٚ دِتہٕ اجازت زِ بہٕ گژھہ ہا تٔمِن ڈاکوہَن ہنٛن کرنہِ یِمَو مےٚ اور یِنَس دوران سوٗرے جاید ادلوٗٹہٕ نیوٗ۔ گوڈٕ لاجاو بادشاہَن اُمس اجازت دِنَس دوٗرے مگر سعیدنہِ پتے روزنہٕ کنۍ گوو سُہ اَخر اُمس اجازت دِنَس پیٹھ مجبوٗر۔

سعید دژ اوموٚ ہنوٗ بن وغاٲرن ہنٛز بُڈ جماعتہٕ یوٚ ڈُ خزانا ہیتھ تہٕ دژ اوسیوٚ دُے تٔمِس زنانہِ ہِنٛدِس گرٕس کُن ییمہِ اُمس دھوکہٕ اوس دِیتمُت۔ تٔمِس سمکھتھ وۄنُس اُمی ''میأنی ٹاٹھی۔ بہٕ کوٗتاہ اوس سے ژٕے کاژھان؟ ژٕے کیاز ترٛووتھَس بہٕ ہتھہٕ پاٹھی مَرنہٕ خاطرٕ؟ ہرگاہ نہٕ خداصأبس مےٚ پیٹھ عار ییہِ ہے تیلہِ گژھِ آسہٕ بہٕ وُنی کبس ییتھ۔''

زنانہِ دِتُس جواب ''یہِ گوو میأنہِ دٔسۍ بوٚڈ گوناہ۔ بہٕ اٲسس بیقل تہٕ کھوٗژ مژ تہٕ کوٚرُم تہِ کینٛژھا۔ یتھ پیٹھ بہٕ وۄنی سخت پشتاوان چھَس۔ بہٕ چھسے ژٕے التجا کران مےٚ دِمعاٲفی'' زنانہِ وۄنی یِم لفظ تھٔرتھٔرِ لدپاٹھی تکیاز سو کھوٗژ اُمس۔ تٔمہِ سوٗنٛچ

پانہٕ ہے ءستی ''بہٕ پچیس وُنیس تانی دوپیہِ پھرِ مگر وۄنی چھا پتاہ یہِ کیاہ کرِ مےٚ ءستی؟''

اکہِ شبہٕ ییٚلہِ سوشونِگتھ اُس سعیدَن تِجۍ سوپنہٕ یتھ یہِ خاصیت اُس زِ امہِ ءستی اوس اِنسان خر بنان تہٕ نیٚن یہِ اُمس زنانہٕ ہٕنز نستہٕ کُن۔ امی وِزِ بدلیاو اُمی سُند بُتھ تہٕ سورُے جسم ہَنہٕ ہَنہٕ خرہٕ سندس بُتھس تہٕ جِسمَس منز تہٕ یانی یہِ سَپُد سوٚ ژھ تھوٚ دتہٕ لاجِن خرٹانگہٕ دِنہٕ۔ سعید گوو یہِ وُچھتھ تہٕ بۄ زِتھ خوش۔ تمۍ اوس پنُن بدلہٕ پوٗرٕ کوٚر رُمت۔ تمۍ لَبہِ مکانچہِ سارے کُنزٕ تہٕ مۄ ژرِ اوٗن اَتکی ساری کمرٕ، الماری تہٕ صندوقہٕ۔ تمۍ ژور مولی چیز تہٕ لبِن تہٕ بییہٕ جاناوار سُند کلہٕ تہٕ۔ یم ساری بوچھِن گنڈِتھ دِتِن یم پننہٕ نبن نوکرَن تہٕ حکم دِیتنکھ زِ پگاہ صُبحس رۄ زِ زونیرنہٕ خاطرٕ تیار۔ خرتہٕ کوٚر اُمی یمنے حوالہٕ۔

بُجہِ دایہِ ییٚلہِ سہٕ دۄیمہِ دوہہٕ سُلے نیران وُچھ تمہِ پرٛژھُس ''ژٕ کیا زِ دزاکھ یوٗت جلد؟''

اُمی دِتُس جواب ''چانہِ مالِکنہِ بیہِ مےٚ سارے روپیہِ لوٗٹہٕ تہٕ ژٕ ج۔ وۄنی کمہِ خاطرٕ چھُ مےٚ بیتہٕ روزُن؟''

دایہِ وۄنُس ''سوالے چھُنہٕ۔ یہِ آسہِ کانٛسہِ بدل نفرن کوٚر رُمت تہٕ وۄنی ہرگاہ میانہِ مالِکنے یمہِ روپیہِ نمرٕ آسَن تیٚلہِ آسہِ یہِ تمہِ ژٕےٚ مخولہٕ ہنا کرنہٕ خاطرٕ کوٚر رُمت تہٕ ضروٗر دِلی سو جلدِ ے واپس۔ بہٕ چھسے گلی گنڈان۔ ژٕ مہٕ نیر۔ میٲنی مالِکنی ییٚلہِ واپس ییہِ تہٕ یہِ وُچھہِ زِ ژٕ چھکھ دژ امُت سو سَپِد سخت ناراض۔'' اُمی وۄنُس درجواب ''مےٚ کیا تتھ ءستی ــــ مےٚ چھُ نیرُن۔''

دُپہرس باگی اوس سعید پنُن موکلاوِتھ اَکس خوبصورت لوکچہِ کولہِ نکھہٕ

أ کس بڑس کُلس تلہٕ گنہٕ ڈیر تڑ اُوِتھ۔ تمۍ وۄن اَتھ ووۄنہٕ أکس نوکرس "مےٚ اَنتہٕ ہُتھ تڑ لیش۔"

یہٕ نوکر دڑا و تڑ لیش اَنہٕ زِ أکی گامہٕ وألی دِژس کرٛکھ "یہٕ تڑ لیش یہٕ پَنہٕ نس مألکس دِکھ۔ یہ چھُ زہرِ قأتل۔ چون مألک یا بیہٕ تہٕ کانہہ ہرگاہ اَمہٕ منٛز أکھ دام تہٕ چیہٕ سہٕ بچہ نہٕ زیادٕ کالس۔ ژٕ کھس کولہِ ہیوٚر پھَن بتہٕ أتی میلی ژےٚ تڑیشہِ لایق آب۔" نوکرن کوٚر یی۔

سعیدس اوسنہٕ پتاہ زِ أمِس کیاز لوٚگ ژیر تو ے کھوٚت تَس سخت شرارت تہٕ گو وے قرار۔ تمۍ پرٛژھس "ژےٚ کیا زِ لوٚگتھ یوٚت ژیر؟"

مےٚ وۄنکھ زِ تمہِ لٔڈ ے مہٕ اَن کولہِ منٛز تڑ لیش۔ یوسہٕ ژےٚ بڑ وۄنہہ گنہٕ چھے تکیاز یہٕ چھُ زہرِ یلہٕ۔ تو ے گوس بہٕ کولہِ ہیوٚر گُن ییتھ مےٚ وَننہٕ آو زِ اَتہٕ چھُ ٹھیک آب۔"

سعیدن وۄن حأرأنی سان "عجیب، یہٕ چھُ سبٹھے عجیب۔ ژٕ اُنٛن کانہہ گأمی بلاٗ وِتھ تہٕ پرٛژھس امیک وجہ۔"

وارِیہہ نفر اٗنکھ بلاٗ وِتھ مگر کانٛسہِ أکس توٚگ نہٕ یہٕ سمجھاوُن۔ یہٕ کینژھا گامہٕ کیٚن پتاہ اوس سہٕ اوس یتے زِ أکہِ خاص جایہِ پیوٚر اوس کولہِ سبٹھاہ زہریلہٕ آب۔ لہٰذا دِیُت سعیدن حکم زِ اَتھ جایہِ کھنٛو وارِیہہ سرٛ س تانی تہٕ کھأرِ لو سہٕ مولہٕ۔ تمۍ اٗنی گامہٕ منٛز کینٛہہ مزوٗر یہٕ کھنُنہٕ خأطرٕ تہٕ تِمَو ون یہِ میٚژ خرس پتھ دوٗر گُن تہٕ تتی دوٗ براٗوِن۔ پتھہٕ کنٛز گیہٕ کول صاف تہٕ لوٗکھ گے سبٹھاہ خوش۔

خرَن پرٔ ژھس ''ژِ کیاز چھکھ مے یہِ ؤسی پایہِ کاٗم کرناوان۔ یہِ اوسنا کأنٛی زٔ ژے بنأوِتھس ئہ جانور۔ یہِ گتھ تھوو تھَم تقدیرس بیاکھے لانج؟''

سعیدَن وۄنُس نہٕ یورٕ کہنٛ۔ پگہہ صُبحس دزٕ اوسہ بزٕ وٚتھہ کُن تہٕ توٚت تانی دِژن نہٕ دَم یوٚت تانی نہٕ ہیٚہرٕ بابہٕ ہندِس مُلکس منٛز ووت۔ یِیلہِ سُہ اوروت تہٕ شہرس منٛز سپدی زبردست شأدیانہٕ تکیازِ سُہ اوس زبرپأٹھی راج کران تہٕ سبٹھاہ مقبوٗل اوس۔

اَمہِ پَتہٕ کمے کأنٛی یِیلہِ تٚمۍ یہِ زون زِ مےٚ چھُ وۄنی تیوٚت عزت تہٕ طاقت زِ بہٕ ہکِن یہِ بدخصلت مگر خوبصورت زنانہٕ ضرٕور کابہٕ رٔٹتھ تہٕ کوٚرُن اِرادٕ بہٕ اَنَن وۄنی یہِ پننہِ اصلی شکلہِ منٛز۔ لہٰذا اِدٕژنس بیا کھ پنٛد مُشک ہینہٕ خأطرٕ تہٕ سو بنیہِ دُبارٕ خوٗبصورت زنانہٕ۔

تٚمہِ پرٔ ژھس ''میانہِ ٹاٹھہِ۔ ژے کیاز کوٚرُتھ مےٚ یتی یہِ؟''

اُمۍ دِژُس جواب ''تکیازِ بہٕ اوس سَتھ ژٕ سبق پرٕھان ہیچھناوِنی۔ وۄنی تھاو میوٗن طاقت ذہنس منٛز مےٚ خلاف کینٛہہ تہِ کرنٕچ کوٗشش چھے فضوٗل۔ بینہٕ دِچھ میوٗن لول تہِ۔ مےٚ چھُ ژے خأطرٕ اَکھ مُناسب مکانہٕ بنومُت۔ ژٕ روزتی تہٕ یہِ کینٛژھا تہِ ضرورت اُسی تہٕ تیٚی ژے واتناوِنہٕ۔''

اَمہِ زنانہِ کوٚر یہِ قبوٗل تہٕ اَمہِ یپور گٔن روٗزِ پننہِ نس اُمِس عاشقس وفادار۔

## سعیدتہٕ سیدُن دُبارٕ سمکھُن:

سعیدَن گر اَمہِ پَتہٕ پَتُن لوگٹ بوے لینچ پرٕ بتھ کانٛہہ کوٗشش۔ تٚمۍ سوٗزی پنٛزِ خبری دُنیاہکس پرٕ بتھ جھَس منٛز تہٕ کوٚرنکھ بُڈی انعامہِ دِنک وعدٕ ہرگاہ تٚمن کامیأبی

سَپد۔ رِتہٕ طالع۔ کٔنہ ووت یمٕو منٛز أکھ خبری تتھ مُلکس یتہٕ سید حکومت اوس کران۔ أمی لوٚب سٕہ یتھٕ کٔنہ۔ اکہٕ رأژ ٹھٕہر یاوہٕ أکس بے آسرٕ بجہٕ ہنٛزِ پارِ منٛز یوسہٕ سید تہٕ خأرات رٔٹن والیو منٛز أکھ أس۔

أمی پرٛژھس (بجہٕ) ''موجی۔ ژٕ کتہٕ پأٹھی چھکھ زِندٕ روزان؟''

بجہٕ ووٚنُس درجواب ''اچھا ژٕ چھکھ مےٚ یہٕ پرٛژھن یژھان زِ یہٕ چھس نہٕ کٔنہ کامہٕ کارس لایق مگر سون بادشاہ چھُ سبٹھاہ رُت تہٕ عأدِل۔ سٕہ چھُ دوہٕ دِش شہرس منٛز وار یہن غریبن، بُڈن تہٕ بیمارن خأرات بأگران۔ ہرگاہ نہٕ سٕہ یہٕ خأرات دِیہ ہے اَسہٕ منٛزٕ مَرِ ہن واریاہ۔ شُکر خدایس کُن زِ اَسہٕ چھُ یتھ بادشاہ۔ شُکر خدایس کُن!''

''تۄہہٕ کُس چھو بادشاہ؟ سٕہ چھا تِمی مُلکُک؟ تُمی سُند مول موج کتہٕ چھُ روزان؟'' أمی خبری ییٚن پرٛژھس۔

تمہٕ ووٚنُس ''مےٚ چھُنہٕ پتاہ۔ دپان سٕہ چھُ واریاہ دوٗرِ آمُت تہٕ سفرس دوران چھُ بأیس نشہٕ ژھینہٕ گوٚمُت یُس أمِس بڈٕ تۄٹھ اوس۔ تُمی چھِ پرٛتھ لٲنٛدٕ خبری سوٗزی متی یتھ زِ تِم کوٚشِش کرن تہٕ تسنٛز کانٛہہ شیچھا خبر انٛن تہٕ اکھٕتے أمی ہٕنٛدِس مأکی ہنٛز تہٕ۔''

خبری ییٚن ووٚنُس ''مےٚ ہیکیا تہنٛدِس بادشاہَس سٟتی ملاقات سپد تھ؟''

تمہٕ ووٚنُس ''آ۔ بلکل۔ بادشاہ چھُ پرٛتھ کانٛسہٕ ہنٛز گتھ بوزان۔ یُس أکھا یٚیژھہٕ سٕہ ہیکہٕ گژھتھ تہٕ کُنہٕ تہٕ وِزِ تَس سٟتی گتھ کرِتھ۔''

لہذا اوڈیمہِ دوہہ صُبحٲے تِتھے اُمی بوٗ زِ بادشاہ چھُ وۄتھمُت سُہ وۄتھہٕ گو
محل خانہٕ تہٕ اَتہِ وۄنُن زِمے سمکھاوی تہٕ بادشاہس۔ اُکی مُلازِمن زون زِ یہِ آسہِ کُنہِ
خاص کامہِ خاطرٕ آمُت لہذا انیوٗن بادشاہٕ سِندِس ذٲتی کمرس منز۔ خبری ییٚن وۄنُس پان
پتھر ترٲوِتھ "اے بادشاہ بہٕ چھُنس چانی بٲے سعیدن ژٕنے نِش چانی خوش خبری خاطرٕ
خاطرٕ سوٗزمُت۔ خدایِن چھُ تَس سیٹھاہ زیادٕ سوٗزمُت تہٕ سُہ چھُن اَکِہ بٔڈ تہٕ طاقتور
سلطنتُک ہُنٛد حکمران بنوومُت مگر تَس پیہِ نہٕ راتس تہٕ دوہَس توٗت تانی قرار یوت تانی نہٕ
چانہِ ریاست متعلق بوزِ۔"

ییٚلہِ سیدن یہِ گتھہٕ بوزِ تَس وۄتھ دُبدرتہٕ چھُس نہٕ پھوران تہٕ کینٛہہ۔ پتہٕ
کینٛہہ کتھا باتھا خبری لیس ستی کرِتھ بُلاونوون پنُن اَکھ وزیر تہٕ دِتُنس حکم زِ یمس
خاطرٕ بناونا وشاندار لباس تہٕ بیٚیہ تھاوی زِ خیال زِ یہِ اُمس ضرورت آسہِ تہٕ واتناوِ
زیوٗس۔ گری وۄن اُمِس پتہٕ زِمے بوٗ زسیٹھاہ بڑ وُنیہ ژھبنہٕ گامتِس بٲے سنٛز خبر۔ سعید
چھُ فلانی مُلکُک بادشاہ تہٕ بہٕ چھُس فورن تَس نِش گژھتھ سُہ وُچھن یژھان۔ لہذا
گژھہِ فِلفور سفرٕ خاطرٕ انتظام ییٚن کرنہٕ۔ مگر وزیرن دِتُس نہٕ امہِ سفرُک مشورٕ تکیاز
منز اُسی وارِیہہ ملک یِوان یمن بادشاہ سنز دشمنی اُس۔ لہذا اوٗ نہس زِژ ترٲ ویہِ خیال
تہٕ سوزِ پنہٕ نِس بٲیس سعیدس شیچھ یُس چانہِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور چھُ باسان۔ تتھہٕ کنہٕ
سپُد سید وارِیہہ مویوس حالانکہِ تَس تورفکرٕ زِ وزیر اُسی صحیح ونان۔ لہذا اوٗ ونُن خبری یَس
ڈلی ڈلی واپس گژھتھ پنہٕ نِس بٲیس یورِچ شیچھ خبر وَننہٕ خاطرٕ تہٕ وۄننس پتہٕ پیہ
تورِچ خبر ہیتھ دُبارٕ یور۔

أ ٕکس دۆن دوہَن تھکھا وکھا کڈِتھ دزاوِیہ خبری تہٕ ووت واپا اُٹھی پَتھ
مُلک اَتہِ وۆنُن پنٕنِس بادشاہَس تہِ سأبلم یہِ اُکی تیٚنٛدِس بأیِس متعلق وۄچھمُت تہٕ
بۄزمُت اوس۔ سعیدن کۆر شأدیانٕہ تہٕ خبری یَس دِتُن بۆڈ انعامہٕ۔
تمی کۆر جلدٕے اکھ منصوٗبک انتظام۔ یُتھ زِتم سأری مُلک یِہنٛ زیننٕہ یِمہٕ
اُکی ہٕنٛدِس تہٕ اُکی ہٕنٛدِس بأےہٕنٛدِس مُلکس درمیان آسہ۔ تمی سۆز بأیِس شیٚچھ زِ ژٕ کراوٕ
پنٕنہِ لشکرٕ کینٛژن مُلکن ستۍ جنگ ییلِہ زَن بہٕ پنٕنہِ لشکرٕ کین مُلکن ستۍ جنگ کرٕ۔ اُکی چھِ
زیادٕ اُمیر تہٕ طاقتور لہٰذا ہمکو کھ اُسی یِم ہارنأوِتھ تہٕ ہارنأوِکھ تہٕ۔
سُہ کتہٕ تگہٕ وَنُن زِ ییلہِ یِم فتحمند بادشاہ پانٕہ وأنی دُبارٕ سمکھی تم کِتیاہ خوش
آسی۔"

(راوی: مُکند بابو۔ سۆتھ سرینگر)



# ظالِم باپاری

اکہِ وقتہٕ اوس اکھ باپاری یاہ یُس پننٮ۪ن نوکرن سبٹھاہ سختی اوس کران۔ یِیلہِ تِمس نِش کانٛہہ نوکری خاطرٕ اوس یِوان سُہ اوسُس یَتھ شرطس پیٹھ نوکری دِنی مانان زِ ہرگاہ تِمو کُنہِ وِزِ بدزبانی کٔر یا شرارت ہووُن تِمس پیٚیہِ تِیلہِ نَس ژٕٹنہٕ۔ نوکرتہٕ ماچھِ واریہَن مائلکن ہِنٛدِ کھوتہٕ رِتی آسان توٗے تہٕ چھُنہٕ یہِ بوٗزِتھ اَسہِ کانٛہہ حٲرٲنی باسان زِ واریَہو ژٕھنی اُمِس باپارِ سٕنٛز نوکری ترٛاوِتھ مگر نَس راوٕرِتھ۔ یِمو نوکرو منٛز اوس اکھ غریب گریوٗس یُس فصلَس نہ یوٚن گژھنہٕ کِنِ اُمِس نِش نوکری اُس کرٕنی پیٚمٕژ۔ یہِ نفر اوس کنٛجہِ علاقس منٛز بسان تہٕ اَتہِ اُس صرِف مکٲیی یا ژو ووپدان تہٕ اَمہِ وُرکہ یہِ اوس کِہے رُودپیوٚمُت تہٕ اِوکِنہِ اُس محنت تہِ تہٕ خرچہ تہِ ضایع سَپُدمُت۔ یہِ شخص اوس سخت رَلہِ وُن تہٕ بییہِ اوسُس مانہٕ زانُن تہٕ ہرگاہ کانٛسہِ ہِنٛدِ اُمِس باپارِس نِش نوکری جٲری تھاوُنک امکان اوس تہٕ سُہ اوس یُوہَے۔ مگر افسوٗس! یِتہِ سپُد اَتھ منٛز ناکام۔ اکہِ دوہہ اوس سُہ گٔتھ تانی معاملس متعلق پریشان یَتھ دوران اُمِس مائلکن کیٚاہ تانی وُن کوٚرتہٕ یہِ باپارِ اوسے ناسہٕ ترٛاسہٕ کتھہٕ ونان یا کامہِ کران اَمہِ کِنِ کٔھرٕ

أمِس گرٕ پسی تِس تہٕ تہٕ کٔرِن شرارتہٕ سان گتھ۔ یتھ پتھ باپأرکہ وۄتھ تہٕ ژھٕنٛزنس نس ژٔلتھ۔

گرٕ پسی تِس اوس اَکھ بوے یس بأے سُند یہ نستہٕ رۄستے آسُن سخ مُشکل گووتہٕ کوٚرُن قصد زِ بہٕ ہمہٕ أمِس (باپأرِس) اَمیک انتقام۔ لہٰذا گووسہٕ سوداگرس نِش تہٕ وۄننس زِ بہٕ کر ہاژےٚ نِش نوکری۔

باپأرکہ وۄنُس "اَدِ جان گوو۔ بہٕ دِمے ژےٚ نوکری مگر صرف یتھ شرطس پتھ زِ ہر گاہ ژےٚ زانہہ بدکلأمی کٔرتھ یا شرارت ہوٚوتھ تیلہِ ژٔٹے بہٕ نس۔"

أمی نفرَن وۄنُس "مےٚ چھُ قبوٗل مگر تیلہِ آسہِ چانہِ خأطرِ تہٕ یہ شرط۔"

باپأرکہ وۄنُس "ٹھیک چھُ"

أمی سوٗچ زِ "ہر گاہ یہِ أکِس دٕرِس خأطرِ ٹھیک چھُ تیلہِ چھُ بیٚیِس خأطرِ تہٕ۔"

یہِ چلیو ووارہٕ ہٕس کأنس ٹھیک پأٹھی۔ دوشوٚ ے مألک تہٕ نوکرتہٕ أکی پنہٕ نِس کلاَمَس تہٕ کامہِ کارس منٛز حسبہٕ تہٕ دوٚنوے اَکی غصہٕ قابوٗ ہَس منٛز تھاوان۔ وۄن گوواکہِ دوہہ دِیٛت مألکن پنہٕ نِس أمِس نوکرس حُکم زِ ژٕ لاگ دِدٕ دِ مینٛس نچوٗس پلو۔ یہ گووتہٕ شُرس پلو لاگان لوگنس اور یور کُمن یتھ سہٕ دوٚر ہے تہٕ قدرتی شُرِس ماچھُ یہِ خوش کران تہٕ تٔمی ٹُل ہے، ببا! موجی!

باپأرکہ وۄنُس "ژٕ کیٛاہ یہِ کران؟"

تٔمی وۄنُس زِ "بچہِ چھُ نہٕ پلو لاگنہٕ خأطرِ اورِ یور کران بلکہ چھُ تھٕرے ہتھ روزُن یژھان۔"

اَچھاتہٕ ماٲلکن اوس تَس یہِ حُکم دِتمت زِ ژٲلی ژٲلی لاگ شُرِس پلو یہِ زَن ژھ
منٛز کُنوہَن زنین اٲسی ہِنٛدِ کلامہٕ تلہٕ فِکرِ تر ہے مگر یِمَن لفظن ہیکہِ ہے یہِ معنہِ تہٕ کڈنہٕ
یِتھ زِ ''اورِ یورتُل دَوتہٕ بچس لاگ پلو'' تَوے کوٚڈ اٲسی اَتھ کلامَس یِی معنہِ، یہِ سوٚچھ
زِ اَمہِ ستۍ کھسہِ میٲنس ماٲلکس شرارت تہٕ کُنہِ حدس تانۍ گو وسہٕ اَتھ منٛز کامیاب
تہِ (مگر پوٗرہٕ نہٕ)۔

بیٚیہِ ساعتہٕ دژاو باپاٲری پٔنٛن سورٕے عیال ہیتھ اَکِس جایہِ کینژن دوہَن
روزنہٕ خاطرِ بیٚیتہِ یوٚ ڈمالہٕ لگان اوس۔ تٔمی کوٚر گرٕ نوکرس حوالہٕ تہٕ نیرنہٕ برٛ وٚنہہ وٚنس
دراہن دروازَن پیٹھ تھاوی زِ نظر۔ اٲسی کوٚر رُس وفادار پاٲٹھی وَعدٕ۔

اٲسی ہِنٛدِس ماٲلکس اوس نہٕ وُنہِ نیری ہتِس زیادٕ کال گوٚمُت زِ اٲمس تہٕ گٔیہِ
سخت خاہش زِ یہٕ تہٕ گوٚھہاماٲلس۔ اَمہِ کٔنۍ کوٚر اٲسی گرُک سورٕے سامانہٕ جمع تہٕ
ترٛ وُن یہِ اَکِس بڑِس دوٚبَس منٛز۔ باپاٲری سَپُد حٲران ییٚلہِ تٔمی پٔنٛن نوکر تہٕ تس پتہٕ
منٛزوٚرَن ہنٛز رٕتھ لانا دارِتہٕ درواز پکناوان وُچھ۔ تٔمس کوٚتاہ زہر آسہِ کھوٚتمت سہٕ
ہیکہِ پانٔے انداز کرنہٕ یِتھ۔

کرِنکھ دِژنس ''ہے بےوقوفا۔ یہِ کہو چھتھ کوٚرمُت؟''

نوکرَن دِتُس جواب ''بس حضٕ یہِ توہہِ حُکم دِتوٚم تہٕ کوٚرُم۔ توہہِ وٚنوٗمۍ
داربن دروازَن ہُنٛد تھاوی زِ خیال تہٕ یتھٕ مے گرٕ نیرٕ نچ تہٕ ماٲلس تیٚنچ خاہش گٔیہِ مے
دوٚپ زِ یہٕ یوٚ دوٚے یم پانٕسے ستۍ پکناو کھیم روزَن زیادٕ محفوٗظ۔ باقے سامانہٕ تہٕ فرنیچر
تہٕ چھُ محفوٗظ، مےٚ چھُ سہٕ سأرُم دوٚبَس منٛز ژوٗر رِتھووُمت۔''

''ہیو پا گلا'' وۆنُس باپأرٕ تہٕ وأ جنس بتھس کُنی چپاتھ۔

اورٕ وۆنُس أکۍ ''ہہ ہا'' تہٕ پتۍ کنٛز گرٕدٕنۍ تھپھ کرِتھ نی نَس نَس ژٕٹتھ۔ ''أسۍ سپدۍ وۆنۍ بیۆن۔ بہ گژھہٕ تہٕ ژنہٕ پنہٕ نس بأیس۔''

(راوی: مکند بابو، سوتھ سرینگر)



# شیٖرازُک پوٚژھ

سبٹھاہ پَتھ کالہِ آواَکھ شیٖراَزی کَشیٖرِ تہٕ گوواَ ہِکس پژاَنِس دوستہٕ سُنٛد ہٕ
روٗ دتر بن دوہَن تَس نِش۔ اَمِس دوستس اوس پننہِ مہمان نوازی پیٹھ بڈ فخر تہٕ روٗزُن
پَنہٕ نِس دوستس خاطرِ اَکھ بوٚڈ سال۔ کاڈچس کھنبس دوران لوگ اَمی قدرتی اَمِس
گُن وُچھن زِیہ دِیہِ اَتھ متعلق کینٛہہ باس تہٕ شیراَزِس ییٚلہِ فِکرِ توٚر زِیہ چھُ کینٛہہ
تعریف مےٚ نِش بوزُن یژھان تہٕ کِہے کینٛہہ کالی وۄنُن زِ کھبن اوس ٹھیک، سبٹھاہ
جان مگر تیٚتھ نہٕ زِیتھ ساٗنِس مُلکس منٛز پیش چھُ یِوان کرنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ گیہ بیٚیہٕ
کتھا باتھاتہٕ دژاے پَتہٕ اورِ یور۔

مگر میزبان اوس شیراَزی سُنٛدِ طرفہِ کھنبس متعلق بوٗزِتھے تعریف کرنہٕ نٕ
تیٚوٗت مایوٗس زِ تَس آیہِ نہٕ نِنٛدرِ ے۔ساٗری سے راَژ اوس سُہ پننہٕ نبن احساسَن زِ نہٕ
اَندری دَم کرِتھ کوٗشش کران تہٕ نتہٕ اوس یہِ منصوبہ بناوان زِ پگہہ خاطرِ رِنناوِ یہٕ اَمہ
کھوتہٕ سبٹھاہ بوٚڈ سال تہٕ سبٹھاہ خرچہِ کرِاَتھ پیٹھ۔ گاش پھولنے گوو سُہ تہٕ اوٗنُن واز
تَس وۄنُن تیٚتھ سال تیار کرنہٕ خاطرِ تہٕ رَژھہِ رَژھہِ سمجھوٗ ن سُہ پژ بتھ کینٛہہ یِتھ زِ
ازکم پوٚژھ وَنہِ زِ کھبن چبن اوس تَتھ برابر یہِ زَن تِہنٛدِس مُلکس منٛز تیار چھُ کرنہٕ
یِوان۔ تہٕ ہرگاہ سُہ اَتھ منٛز کامیاب سپُد تہٕ تَتھ صوٗرژ منٛز کوٚرنَس داہ روپیہ بخشایش

دِنک وعدٕ۔ مگر یہِ اٚسے نہٕ کامیأبی۔ یہِ سأیلم خرچہ تہٕ یمہٕ سارے ضیافژو تیار کرنس دژاو نہٕ کانٛہہ حأصِلا تِکیٛازِ اَتھ متعلق آو وَننہٕ زِ یہِ اوس شیراز چو ضیافژو کھوتہٕ کم پایہٕ۔ یِنہٕ زِ اَتھ منز اٚس واریاہ سٕنز کانٛہہ کوٗتأہی۔ بلکہِ ہیکہِ ہے نہٕ اَمہِ کھوتہٕ جان سال نہ رَننہٕ یتھ تہٕ نہٕ پیش کرنہٕ یتھ۔ اَمہِ پتہٕ باسیاو کأشرِس زِ شاید چھُنہٕ واریاہ زیادٕ کأسب۔ یتھ یہِ تِمس متعلق سوچان اوس تہٕ توے اوٗنُن وژنی تس بدل وژنی بیٛا کھوٚہنیٛؤیس بیٛیہِ دوہہ خأطرٕ اَمہِ کھوتہٕ تہِ سبٹھاہ عالی شان سال تیار کرنہٕ خأطرٕ وژنُن تہٕ وعدٕ کوٚرنس زِ ہر گاہ پٔژھی تعریف گری تیٛلہِ دِمے بہٕ ژوٗہہ روپیہِ انعامہٕ۔

مگر اَمہِ باجؤ دآو اورٕ سُے جواب۔ ''میٛانہِ یارا چون یہِ کھٔمن چبن ناولتہٕ نہٕ تَتھ یہِ زَن میٛأنِس مُلکس منز کھیاونہٕ چھُ یِوان۔''

کینٛہہ دٔری گُزریاے تہٕ یہِ کأشُر اوس سفرس دژامُت تہٕ یہِ وژت شیرٔازی سٕندِس مُلکس منز تہٕ اٚمس پرأنِس دوستہٕ سُند گرٕ معلوٗم گرِتھ ووت اٚمس نِش تہٕ بنیاو اٚمی سُند پوٚژھ۔ اٚمس سپٕز لتہِ سو دِلہٕ خوش آوَے تہٕ وژنہس زِ ژٕ ٹھٔہر بیٛیہِ ترٕبن دوہن یَتھ اٚمی اقرار کوٚر۔ اَتھہٕ بُتھ چھٔلِتھ تہٕ پکو بدلأوِتھ بیوٗٹھ سُہ تَھر تہٕ لوگن اطمنانہٕ تہٕ دوستی سان تموک چوٚن یوٚت تأنی کھٔمن چبن اوس تیار سپدان۔ سُہ رؤ دیٛڈ وومیز تہٕ تجسُس سان پرٕزاران زِ بہٕ کرٕ وُچھہِ زِ یہِ کیٛتھ کھٔمن آسہِ۔ تمی سوٗنچ زِ ''وژنی کیٛاہ وُچھہِ بہٕ زِ یمن شیرازِ کبن ہندی سال کتھٕ کنی چھِ سانہٕ کھوتہٕ جان آسان۔'' چھیکرس تہٕ آو کالک کھٔمن چبن واتناونہٕ۔ اندازٕ گرِو زِ کأشرِس کوٗتاہ زہر آسہِ کھوٚتمُت تہٕ حأران آسہِ سپٕدمُت ییٛلہِ تمی وُچھ اَتہِ بڈٕ بتہٕ ترٔامیٛاتہٕ اٚتھی پیٹھ اور یور سبزی ٹیٛکی ترٔاوِتھ تہٕ یہے

تھأوٚہَس بڑ وٚنِہ کَنہِ۔ گوڈٕ باسیاو أمِس زِیہِ ماچھ خواب وُچھان تہٕ لاجن أچھہِ مۆرنہِ زٕیہ پھساہُشارٕ ے۔ اَتہِ أ س توتہِ سوے سبزی ٹیکِ ترٛ اُوِتھ بَتہٕ ترٛ أمی تَس بڑ وٚنِہ گنہِ۔ ٹٲ دِژ دُبارٕ أچھن مُرن، اوٚنگجن کڈِن ٹیس تہٕ زنگن کوٚ ڈُن واش مگر اَتہِ وُچھن سوے بَتہٕ ترٛ أمی۔ اَتھ اوسنہٕ کانٛہہ شکے۔ بَس یہوے بَتہٕ تہٕ سبزی أ س أمی یَنٛدی میزبانن اَمہِ کالہٕ خأطرٕ تیار کرمٕژ۔ (سوٗچُن زِ) شاید یہِ معموٗلی کھێن چێن ما اوس اوٚ َکنی زٕیہ اوس اورژپری ووٚتمت تہٕ پگہہ یہِ زبردست سال دِنہٕ۔ پگہہ تہٕ ووٗت تہٕ ترٛیم دوہہ تہِ مگر توتہِ آو اَتہٕ پی کھێنہٕ خأطرٕ دِنہٕ۔ أخری کالہٕ وِزِ ہیوٚک نہٕ کأشُر پَنٛن پان یہِ وَننہٕ نشہِ پَتھ رٕٹِتھ زِ کمہِ وجہَ کنی اوس یہِ ووٚتمت زِ کأشرن ہُنٛد سال چھُ شیرازِین ہنٛدِ سالہٕ مقابلہٕ پَتھ پایہِ۔ میزبانن ووٚنُس" آ۔ بہٕ وَنے۔ أسی شیرازِ کی لوٗکھ چھِ بڈٕ سیوٚد۔ أسی چھِ تہنٛدِس یورِیِنس خوش گژھان تہٕ گرِ کی پأٹھی چھوواتان۔ ژٕ ے کھیوتھ چوتھ اَسہِ ستیٚ راتھ، از تہٕ ہمیشہِ چھُکھ ژٕ تِتھے پأٹھی کھبوان۔ مگر یُس سال ژٕ ے میأنِس اعزازس منٛز کوٚرمُت اوسُتھ (تمہِ خأطرٕ چھُسے بہٕ ژٕ ے شکریہ کران) سُہ اوس سیٹھاہ خاص مگر اکہِ دوہہٕ خأطرٕ۔ اِنسان ہیکہِ نہٕ ہمیشہِ تمےٚ حسابہٕ زندگی گُزٲرِتھ تِکیازِ اَمہِ ستیٚ گژھہِ میزبان سُنٛد چنٛد جلدٕ ے ژھوٚرتہٕ پۄٚژھی یِنٛز یَڈ تہِ گژھہِ خراب۔ تہٕ دوشوٚنی ہنٛدِ خأطرٕ چھُ اَتھ خراب نتیجہٕ۔ لہٰذا یہِ کینژھا مےٚ ووٚنتھ متعلق چھےٚ مےٚ پڑھ زِژ سمجھکھ اَتھ حقیقت۔

(راوی: مہتر شیر سنگھ، کارگزار ناظم، سرینگر)



# شبرنگ - شہزادٕ تہٕ ژوٗر

کٔشیرِ ہِندِس اَکِس بادشاہَس اوس شکار کرنُک سخت شوق۔ اکہِ دوہہٕ گوو سُہ دوٗر اَکِس جنگلس کُن شکار کرنہِ تہٕ اَتہِ وُچھن اَکھ جانور تہٕ دوڑیاو اَمِس پتہٕ تیٖوٗت زِ اَمہِ بڑ وٗنہہ یا اَمہِ پتہٕ سیٖکہ نہٕ ژاٹھہہ یہ اَمِس ستی۔ یہِ اوس اَمِس تیٖر س پیٹھ تیٖر لایان مگر اَمِس لوٗگ نہٕ کہنہ۔ یہِ جانور حاصل کرنکہِ اِرادٕ دوریاو یہِ اَمِس پتہٕ بیٖیہ تہِ تیز۔ سُہ دوریا و واریہہ دوٗر تانی تہٕ پَنٕنہٕ ستی واٗلی ترٛاٗوِن تیٖوٗت پتھ زِ نہٕ اَسِس وٗزنی اَتھ یِوان تہٕ نہ اوس تہنزٕ آوازٕ بوزان۔ آخرس اوسہٕ وٗزنی سُہ اَمہِ بڑ وٗنہہ دوٗرِتھ ہبکان تہٕ لہٰذا اَرکیاو۔ تَمہِ وُچھ زِ سُہ اوس اَکِس خوٗبصورت باغس منٛز وٗتمُت تہٕ اَچھِ اَکِس وَتہِ پیٹھ اَس اَکھ ماٗری منٛز کوٗرگنی ژٔنی پکان۔

اَمِس کُن گوٗھتھ وٗن بادشاہَن "اَہا۔ یقیناً۔ ژٕ ے ہشہِ زنانہٕ ستی کھاندر کرنہٕ پتہٕ ہیکہٕ بہٕ بیٖتی جنگلن منٛز بہتھ۔"

اورٕ وٗنُس اَمہِ نازنینہٕ "پَزٕی کنہ۔ بہٕ گرٕ ژٕ ے ہوس کاٗنسہٕ ستی کھاندر تہٕ نۆو بم نیٖچو تہٕ سُہ نیٖچو گژھہِ چانہِ کورِ ستی کھاندر گرُن۔"

اَمی سٕنزٕ اَتھ حاضر جوابی تہٕ چالاکی پیٹھ سیٖکہ بادشاہ حَیران تہٕ دژاو۔ اَمہِ

باغہٕ منٛزٕ نیرتھ ووت واپَس پَنہٕ نِس محل خانَس منٛز تہٕ اَتہِ کٔرِن أمِس خوٗبصورت کو
متعلق پۄژھہِ گآر۔ ہٕنٛز ہیوٚ کنہٕ أمِس متعلق کینٛہہ وٕنتھ تہٕ اَمہِ ـکنٛز سوٗزٕ أمی پُنٕن اَک
خبری ییٚتھ سٕہ أمِس متعلق پوٗرٕ زانکأری حاصِل کرِ ہے۔ پَتہٕ نیٚیاوزِیہ أس اَکھ شہزادٕ
تہٕ أس تَتھ باغَس منٛز اَتہِ کیوٚ خوٗبصورت پوٗشو، صاف آبہٕ ژادروتہٕ خوشبوٗ نظاروخاطرٕ
اکثرِ یوان ییٚتہِ سو بادشاہَن وُچھنہٕ أس۔

یہِ بوٗزِتھ ووٗن أمی کٔشیرِ ہنٛدی بادشاہَن ''مےٚ چھُ أمِس سٕتۍ کھاندر
کرُن۔'' تہٕ اَمہِ ـکنٛز دِتُن سیٹھاہ ہُنر مند تہٕ تجربہٕ کار منٛزِم یار بن حُکم زِ تِم سپدِن فورن
روانہٕ تہٕ یہِ کھاندر کرِن طے۔ منٛزِم یأری وڑاے تہٕ یام تِم أمِس شہزادِ ہنٛدِس مالِ
ہنٛدِس مُلکَس منٛز وأتی تہٕ تِموکوٚر بادشاہَس سٕتۍ مُلاقات حاصِل۔

تَس برٛونٛہہ کُنہِ نِمتھ کوٚر ہَس عرض ''أسی چھِ پَنٕنۍ بادشاہَن توہہِ نِشہِ اکہ
خاص مقصدٕ سوٗزی مٕتۍ یُس نہٕ أسی سارِنے تھِیہ توہہِ وٕنتھ ہکو۔ أسی چھِ توہہِ درخاس
کران زِ ہرگاہ توہہِ مُنأسِب باسیٚ أسی کرہو توہہِ سٕتۍ الگ پأٹھی کتھ ییٚتہِ صرف توٕہۍ تہٕ
تُہنٛد وزیرِ اعظم آسہِ۔''

بادشاہَن کوٚر رُکھ اقرار تہٕ فورَن دِتُن ایوان خألی کرناوُنک حُکم تہٕ پَتہٕ ییلہ
اتہِ صرف سٕہ تہٕ وزیرِ اعظم روٗدی تہٕ یِم سفیر نِمے بیٚہِ تِتھے ـکنہٕ تہٕ کوٚر ہَس عرض ''بادشاہ
صأب، خدا پوٗشہِ نأوی نو! تُہنٛدِس سلطنتس منٛز أسِن اَمَن تہٕ پاپر جأیِی تہٕ تُہنٛد بن
سارِنے دُشمنَن گرٛٔہن چھوکہٕ وَدل۔ بادشاہ سلامت أسی چھِ توہہِ نِشہِ ییٚمہِ خاطرٕ
سوزنہٕ آمٕتۍ زِ تُہنٛزِ صاحب زادِ ینٛدِ حُسن و جمالٕچ مشہوٗری سارِنے مُلکَن چھےٚ وأژہٕ

تٔہُنٛد خاندرسٕید ہے سأنٛس سبٹھاہ جان تہٕ رحمدل کٔشیرِ ہُنٛدِس بادشاہس ستی۔ تٔس چھےٚ
أمی ہنٛد حسین آسنٕچ تہٕ تھد بن صفتن ہنٛز پے تہٕ تٔس ہیکہٕ نہٕ دوہس یاراتس توت تانی
قرار یتھ یوٚت تانی نہٕ أتھ معاملس متعلق سُہ پننہِ أتھ خأہشہِ متعلق تُہنٛز مرضیہِ ہُنٛد
بوزِ۔ سأنٛس بادشاہ ہنٛدِ رٔژرُک، تہٕنٛدِ طاقتُک تہٕ دولتمندی ہُنٛد ماچھُ توہہِ نٔشہِ کینٛہہ
کھٔٹتھ۔ اِوٕ کٔنہ چھِ أسی توہہِ یہِ درخاس کران زِ توہی دِیوأمہِ رِشتُک اجازت تہٕ أسہِ
گرُوروخصت۔"

ہنا دَم دِتھ وۄنُکھ بادشاہن "مےٚ بۄز۔ پگہہ دِمۄبہٕ توہہِ جواب۔"

پگہہ کیُتھ کوٚرُکھ پننہِ زنانہِ تہٕ وزیرَن ستی مشورٕ تہٕ تِموسارِوے کوٚر یہِ رشتہٕ
منظوٗر تہٕ أمہِ پتہٕ بلاوی أمی یم سفیر تہٕ وۄننکھ زِ توہی ہیروتہٕ وٚنو پننِس بادشاہس زِ
تہٕنٛز پیشکش سپٕز قبوٗل تہٕ کینٛہہ کألی پتہٕ تٔس ستی کھاندرُک انتظام طے کرنہٕ۔

کٔشیرِ ہنٛدی بادشاہن یِیلہِ پننہِ نٛبن مٔنٛزِم یاربن نٔشہِ یہِ بۄز زِ یہِ دوٚیم بادشاہ
دِیہِ أمِس پٔنٛنی کوٗر نِیتھری سُہ سپُد سبٹھاہ خوش تہٕ تِمن مٔنٛزِم یاربن دِتن وار بہہ انعامہٕ۔
کٔہے کألی سۄزُس أمی بادشاہن شیٚچھ۔ رُت ساعت اوس نکھے تہٕ أمِس أس
شیٚچھ زِ ژٕ وات فورَن۔ أمہِ کٔنہ وۄڑاو پٔنٛنی سبٹھے دانا وزیر تہٕ دربأری، اعلا فوجی تہٕ رٕتی پلو
پوشاک لأگتھ ملاز من ہنٛز جماعت ہتھ تہٕ سبٹھے شاندار زین ساز پأرِتھ گُربن پیٹھ
ڈالہِ ہتھ کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ۔ سُہ ووت وارِ کار پننِس مٔنٛزلس تہٕ تِمس کوٚر بے بادشاہن
مایہٕ بوٚرُت استقبال۔

اکہِ دوہہِ دوٚہی سپُد کھاندر۔ اَتہِ یم پزٕ ہتھ معاملس منٛز بارِ انتظام کرنہٕ أسی

آءتۍ تہٕ وٲنۍ چھُنہٕ ضرۆری زِ محل خانہٕ کتھٕ کنۍ اوس لالو، جواہرو، سونہٕ تہٕ روپیہٕ ٹنۍ
ترٛ اوان، کتین غریبن غرباتن تہٕ بچھونین یم طرفا تو پیٹھہٕ اَسی آءتۍ کۆ تاہ بتہٕ آو کھیاوُن
تہٕ مہرازِ تہٕ مہرٕنی تہٕ کتیاہ خۆبصورت اَسی باسان۔ یہِ چھُ سائلم پتھے۔ پزٕ بتھ کانہہ
چیز سپُد شاندار پاٹھی تہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ اوس سبٹھاہ خوش۔

کھاندر پتہٕ پنہٕ نِس مُلکس منزٕ وأتتھ تھأو کشیرِ ہندی بادشاہن پننۍ نوزنانہ
پَنہٕ نین باقین زنانن ستۍ شاہی حرمس منزٕ۔ مگر عجیب اوس یہِ زِ یم گوڈنکی دوہ گزرے
تتھہٕ پاٹھی زِ نہٕ وُچھا اُمی یہِ زانہہ تہٕ نہ کُرن اُمس ستۍ گتھے۔ رواجہِ مطأبق آو کے کانٛہ
اُمس مألی ہنٛدِ طرفہٕ ناد۔ لہذا گیہِ سو واپس مألین تہٕ روٗزٕ تتی مگر تمہِ وۆن نہٕ پَنہٕ نِس خانہ
دار ہنٛدِس اَتھ عجیب ورتاوس متعلق کانٛسی کیہنہ سوایہ پَنہٕ ماجہِ تہٕ اُمس ۆنن
وبرٕ ھنأوِتھ سأرے دٔلیل۔ تمہِ وۆن اُمس تمہِ باغہٕ کہِ واتھک تہٕ تہٕ وۆننس مےٚ چھ
باسان زِیُس جواب مےٚ تمہِ دوہہ اُمس دِیُت تَوے ما کوٚرُمی اُمس ستۍ یہِ ورتاو۔

ملکہ وۆنس ”کیہنہ چھُنہٕ پرواے۔ مہ برغم۔ ترٛ پزار۔ سأری معاملہٕ سپدِن
پانے ٹھیک۔“

ترٛےٚ ۆری گزرے تہٕ کشیرِ ہنٛدی بادشاہن نہ سوٗزُس نادٕ ے تہٕ نہ کُرن
تسنٛز پرٛژھہٕ گأرٕ ے۔ سو گیہِ پَنہٕ نِس مألِس نِشہِ تہٕ بأونس سفرس نیرنچ زبردست
خاہش تہٕ بینیہ کوٚرنس درخاس زِ سُہ دِین پَنہٕ نِس اُکس وزیرس تہٕ فوجین ہنٛز
اُکس چھوکہِ اُمس ستۍ گرٕ ھنگ اجازت۔ یتھ زَن سو تمہِ حِسابہٕ سفر کرِ یہِ زَن تمس
پننہِ حثیتہٕ مطأبق شوبہٕ۔

''ژٕ کیاہ چھکھ کرٕن یژھان؟ ژٕ کوٚت چھکھ گژھُن یژھان؟'' بادشاہَن پرٕ ژھُس۔

''بٕہ چھُس دۄیمَن مُلکَن ہُند کینٛہہ وُچھُن یژھان تہٕ خاص کٔرتھ تمَن ملکَن ہُند یم ژٕے ماتحت چھِ۔ تہٕ اِ موکھہٕ زِ بٕہ ہیکہٕ یہِ سہولیژ تہٕ خوشی سان کٔرتھ چھسے بٕہ ژٕے مدد خاطرٕ عرض کران۔''

''مگر ژٕ چھکھ اَکھ زنانہٕ۔'' بادشاہَن وۄنُس یہوے حأرٲنی ہٕنٛدِس لہجس منٛز۔ ''بیٚہ جوان تہٕ خۄبصورت۔ ژٕ کتھہٕ پأٹھۍ ہیکَکھ سفرس نیٚرتھ؟ لۄکھ کرٕن تعجب ییٚلہِ ژٕے وُچھنَے مأٔلِس یا ماجہِ ورأے نیران۔ نَہ مےٚ باسان بٕہ ہیکہٕ نہٕ چأنۍ یہِ خأہش پوٗرٕ کرنک اجازت دِتھ۔ تہٕ ہرگاہ بٕہ کرٕ سہ گژھہِ غلط۔''

تمہِ وۄنُس ''تیٚلہِ گژھہٕ بٕہ کُنی زٕنی تہٕ کیازِ مےٚ چھُ پننہِ خأہشہِ پوٗرٕ کرنک شبقہٕ اراد کوٚ رمُت۔''

''اچھا تہٕ ییٚلہِ تہٕ چھُ تیٚلہِ چھُ مےٚ باسان زِ مےٚ پزِ ژٕے اجازت دِینۍ۔ تِکیازِ ہرگاہ نہٕ بٕہ تہٕ کرٕ مےٚ گژھہِ چانہِ مرنک تہٕ چانہِ بے عزتی ہُند بۄ زِتھ دوکھ۔ مگر توتہٕ وَنے بٕہ زِ زیادٕ دۄر گژھی زِ بنہٕ۔ صِرف گژھی زِ أندی پکی مُلکَن۔''

''شتھ چھسَے بٕہ ژٕے وعدٕ کران'' تمہِ دِتُس جواب تہٕ دژلیہ گرٕ منٛز۔

پتہٕ بلاونو وبادشاہَن اَکھ وزیرٕ یَس پٹھ تمِس خاص اعتماد اوس تہٕ حکم دِیتُنس زِ ژٕ گژھ شہزادِ سفرس سٍتۍ۔ بادشاہَن دِیُت تَس روپیَن، جواہراتَن تہٕ دۄیمَن قمتی چیزٕن ہُند اختیار یمَن ہُند تمۍ سٍنٛزِ کورِ سفرس دوران ضرورت ہیکہِ ہے پیٚتھ۔

کینژھہ دۆہ پَتہٕ دژلیہ شہزاۓ دک تہٕ تِمس سٟتی اوس وفادار وزیر تہٕ فوجین ہ
مُلاز مَن ہُنٛد اَکھ بوٚڈ تعداد۔ سفرس دوران گیہ سو گوڑٕ اَکِس لوکٹس بادشاہس زیر
تیٚمِس تحت اَکھ لوکٹُ مُلکا ہ یُس اَمی سٟندِس مالی سُنٛدے جاۓ گیر اوس۔ اَمی سٟنٛد
خبر بوٗزِتھ دژاو یہِ بادشاہ اَمِس بُتھہِ تہٕ کوٚرُنس عزتہٕ سان استقبال تہٕ اَمی سٟنٛدِ
اعزازس منز کرنوٗو ن اَکھ بوٚڈ سال۔ یہِ روٗز اَتہِ کینژَن دوہَن تہٕ پَتہٕ دژلیہ بُرونٛہ
کُن۔ تِتھہٕ کٕنۍ وُچھ اَمہِ نکھہٕ تلکی تقریبَن سأری مُلک تہٕ تَتہِ کِمن حکمرانَن تہٕ لوٗکن
متعلق کٕرن واریاہ زان حاصِل۔

آخرس پیٹھ واتھ سو پَنہِ نِس خانہٕ دارس سٟندِس ملک کشیرِ نکھہٕ۔ قدرتی اوس
تَس زبردست خاہش زِ ییٚہ وُچھایہِ، اَتیک دربار، اَتیک بازر، اَتیک تجارت تہٕ اَتھ
متعلق سورُے کینژھہ۔ لہٰذا سوٗزِتھمِ اَکھ چِٹھی بادشاہس یَتھ منز تَس وَننہٕ آو زِ یہِ چھُس
فلأنی پادشاہ سٟنٛز کوٗریس کُن یہِ خراج اوس دِوان تہٕ یہِ چھُس مُلکہٕ کِس سرحدس
نیبر کُنہِ پڑاران تہٕ خاہش چھُم زِ یہِ وُچھا تہنٛد شہر۔ کشیرِ ہٕنٛدی بادشاہَن ییلہِ یہِ چِٹھ
پرٕژمی بُلاوی پننی وزیر تہٕ باقے تہٕ فورَن دژاو تورکُن ییٚتہِ شہزاۓ دی ٹھہرِتھ اُس تہٕ اَنَن سۍ
محل خانَس منز۔ اَتہِ اوس تہِ ساٟلم تیار یہِ زَن اَمِس شاندار پٔٹھی سٟندِ آرام تہٕ خوشی
خاطرِ شوٗبہِ ہے تہٕ تیٚمیک وزیرس حُکم اوس دِنہٕ آمُت۔ اَمی سٟندِ خاطرِ اوس الگے مکان
ییٚمہِ کِمن دیوارَن سبٕھے خوٗبصورت کپرکی درپرٕد تہٕ فرشَس سبٕھے قیمتی قالین
ووتھرِتھ اُسی۔ سبٕھے لذیز ضیافژ آیہِ پیش کرنہٕ تہٕ شاہی موسیقارَن اوس وَننہٕ آمت زِ
تِم روزَن ہر وقتہٕ حاضر۔ یِمو شاندار انتظامو کٕنۍ گیہِ شاہزاۓ دک تہِ سبٕھاہ محظوظ ییٚمہ

أخرس پتھ بادشاہ ہنٛدِ اَمہِ توجہ موجب تَس شکریہ کۆرتہٕ وعدٕ کۆرنَس زِ بٔہ پاوٕ پنٕنہِ نَس مائِلس چون یاد۔

دۆیمہِ دوہہٕ پانہٕ وأنی کتھ کران وۆن تمہِ کشیرِ ہنٛدِس بادشاہَس "مےٚ چھے ژےٚ الگ پأٹھی اَکھ کتھ وَنٕنۍ۔ ژٕ ییٚکھہٕ مےٚ ستۍ کمرس منٛز۔"

یہِ سۆچتھ زِ اَمِس آسہِ مألی ہنٛدِ طرفہٕ تِمی ہنٛدِس مُلکس متعلق کانٛہہ خاص شیٚچھ مےٚ وَنٕنۍ تمہِ کٕنۍ گووسہٕ۔ مگر سَپُد یہِ زِ سوأس اَمِس محبت کران تہٕ اَمہِ کٕنۍ اوسُن الگ کمرس منٛز بلو ومُت۔ یتھ زَن اَمِس یہِ وَنہِ ہے تہٕ ستۍ یہِ التجاہ تہٕ کرہس زِ مےٚ دِیتَس کالس بیٚتہِ روزنک اجازت یتَس کالس بٔہ یژھہٕ تہٕ بیٚیہٕ آسہٕ ہٕکھ مُتوأترمےٚ نِش یِوان۔

اَمی ہنٛزِ خۆبصورتیہِ تہٕ گُزارِشَن ہُنٛد پیوٚ اَمِس پتھ اثر تہٕ کشیرِ ہنٛدی بادشہَن دِتُس اقرار تہٕ اوس اکثر تَس نِش آسان۔ یتھہٕ پأٹھی گُورے وارٕیہہ رٕتھ تہٕ شہزادِ کۆر واپس پنٕنِ وطن گوھنک اِرادٕ ظأہر۔ تَسنٛد وَنُن اوس زِ تَس آسہٕ بیٚیہٕ تہٕ ذِمہٕ دأریہ تہٕ اَس گرٕ واتُن یژھان وۆں گووتمہِ کۆرُس وعدٕ زِ بوٚت جلد مےٚ ممکن سَپدیمہٕ بٔہ واپس تہٕ پنٕنۍ وأج بادشاہَس دِتھ منٛجکس اَتھ بدل پنٕنۍ وأج تہٕ رُمال۔ یُتھ زِیم (چیز) یِہنٛدِ اورٕ یور وعدٕ تہٕ محبت چہٕ نشأنیہِ روزَن۔ بادشاہَن کۆر ریلۍ تہٕ کۆرنَس میوٚٹھ۔

پتہٕ دژ ایہِ شہزأدی کشیرِ تہٕ وأژ سبٹھاہ جلد پنٕنِ مُلک واپس تَس واپس یِوان وُچھتھ گو وپز بتھ کانٛہہ خوش۔ تہٕنٛدی مألی یعنے بادشاہَن ہأوتَسنٛد سفرک حال بوزنَس منٛز سبٹھاہ دلچسپی تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سَہ اوس خوش زِ سو وأژ وارٕیہَن مُلکَن۔

ملکہ یعنی اُمی ہنزِ موج سَپز یہِ بۄزِتھ سبٹھاہے خوش زِ تَس اُس وۄنی بچہٕ ہنز
وۄمیدتہٕ نۆحِ تتھی تتھی منصوبہٕ سوچنہٕ یِموٚ کنی خاندار، تسنز آشنی تہٕ سُہ شُر یکجا روزٕ ہن۔
پَتہٕ نِس وقتس پیٹھ زاو تَس لڑکہٕ تہٕ اُمِس کوٚر کھشبرنگ ناو۔ییلہٕ بادشاہَن
اُمی ہنزِ زیٚنچ خبر بۄزتس کھوٚت سخت شرارت تہٕ کیاژِ تمی سوچ زِ اُمی ہنزِ کورِ اوس غلط
کوٚر رمت۔ تمی وۄن ”یہِ اوس اُمی ہنزِ مژرُک التجا قبول کرنُک نتیجہٕ۔ خبر مے کیاژِ اُمی
کاڑی ڈلیٚ متی زِ مے دِژ او اُمِس اجازت۔ اُمی سُند کردار ے گوو لکٕھہٕ تہٕ اُمِس
پرٛژھہِ تبہٕ وۄنی زانہہ پٔنُن خانہٕ دار تہٕ میانِس ناوس تہٕ دِتُن وَٹہٕ۔ افسوٗس، افسوٗس۔
یہِ برداشت کرنہٕ نشہِ چھُ مرنُے جان!“

ملکہ یسُند ظون بادشاہ سٕنزن تھدِ ہٹہِ کرنکَن کُن گوٚمُت اوس وۄننس ”نہ، سو
چھنہٕ گتھ۔ ژےٚ ما پرٛژھتھے زِ اُمِس بچہٕ سُند مول کُس چھُ۔ یُس اُمِس مول گژھہِ
آسُن سُے چھُ اُمِس مول تہٕ تُتھ چھنہٕ کینہہ سَپد مُت ییٚمہِ ستی سانہِ کورِ یا چانِس
عزتس وَٹہٕ لگہِ۔ سفرس دوران گیہ شہزادی پَتہٕ نِس خانہٕ دار ہنٛدِس مُلکس تہٕ یہِ بہانہٕ
کرِتھ زِ سو اُس بدل آو تَس خانہٕ دار ہنٛدِس محل خانَس منز روزنُک اجازت دِنہٕ تہٕ اَتہٕ
کوٚرُن تسُند تیتھ محبت حاصِل زِ اُمی ہنٛدِ نیرنُک پھیوٗرس سبٹھاہ تہٕ وۄنی زاو اُمِس تمی
سُندُے بچہٕ۔ پٔنُن یوٗہے بول بجا اَنہٕ خاطرٕ اُمی سُند سفرس نیرنُک ژےٚ اجازت ہینُک
اوس یی وجہ۔“

اَمہٕ وضاحتہٕ پَتہٕ گوو بادشاہ سُند غم تہٕ شرارت اکھ ہٹتھ وُڈِتھ۔ تمی ہنٛدِس
خاندانس منز نیٚچو زبنہٕ کہِ خیالہٕ سَپد سُہ سبٹھاہ خوش تہٕ کرِن پنہِ کورِ ہنزِ دانٲیی تہٕ مۄج

آسنس تعریف۔

یام لڑکہٕ یوٗ ڈیوٗ ڈہیوٗتن گوٚڈنٕس سۭ بڈیاو داناتہٕ عالِم۔ تِمس آیہٕ پزٕ بتھ رنگہٕ تربیت کرنہٕ۔ یُتھ زِ تِمس سپُد پزٕ بتھ کانٛہہ فن تہٕ علِم تمہٕ نشہٕ ہُرے حاصِل یہٕ زَن اَتہٕ موجوٗد اوس۔ سۭ اوس تلوار بازی منٛز تہٕ بہادر تہٕ ہُنرمند۔ بادشاہس اوس پننہٕ نِس اَمِس زُرِس پیٹھ سبٹھاہ فخر تہٕ یتہٕ کوٚرُن اعلان زِ ہرگاہ یہٕ پنٛنی مالِکی یعنے کشیرِ ہِندی بادشاہَن قبوٗل کوٚرنہٕ تیلہِ چھُس ئہٕ یہٕ پٔنُن یوٗڈ وزیر بناوُنس تہٕ کینٛژٕ وُہری اَمِس بادشاہی حوالہٕ کرنس تیار۔

مگر اَمی سۭنز موج اَس یتھ پیٹھ ہٹھ رٔٹتھ زِ شبرنگ گوٚڈہٕ ژوٗر بٔنِن۔ تَسُند خیال اوس زِ یژھ ہِش تربیت پراٗوِتھ بنہٕ سۭ پزٕ بتھ قسمہٕ چالاک تہٕ تکن گری منٛز ماہر تہٕ یتھہٕ کنٛی میلہِ تَس پانس پننہٕ خاہشہٕ پوٗر کرنس منٛز مدد۔ اَمہٕ خاطرٕ آو مُلکک سارِوے کھوتہٕ چالاک سرغنہٕ ژوٗر ریلا وِتھ اَناونہٕ تہٕ حُکم آس کرنہٕ زِ سۭ گرِن شبرنگس اَتھ فنس منٛز تمام سرن ہُنز تربیت تہٕ تَس آو وعدٕ کرنہٕ زِ یلہِ یہٕ نوجوان پوٗر پختہٕ ثابت سَپدِ تہٕ اَمِس یِیہٕ سبٹھاہ شاندار انعامہٕ دِنہٕ۔ ژوٗرَن ووٗن زِ سۭ گرِ اَمِس پوٗر پأٹھی ہیچھناوِنٕچ کوٗشش تہٕ تَس چھُنہٕ اَتھ منٛز کانٛہہ شک زِ کینٛژٕ ریتی آسہِ شبرنگ تیُتھ ژوٗر یُس نہٕ کانٛہہ جورٕ آسہِ۔ تژٕ بن ریتَن اندر آو یہٕ سرغنہٕ ژوٗر لڑکہٕ ہیتھ واپس تہٕ ووٗنُن زِ اَمی ہیوٗچھ سبٹھاہ وٕلی وٕلی تہٕ بہترٕ تہٕ شہزادِ گوٚڈہٕ نہٕ اَمِس منٛز کانٛہہ کمی نظرِ۔

شہزادِ ووٗنُس "اچھا۔ ئہٕ ہمہٕ اَمِس امتحان۔ یُتھ یہٕ نَنہٕ زِ تی چھایہٕ ژوٗنان چھکھ۔ ہرگاہ شبرنگ ہتھ گُلس کھسہِ (یہٕ اَس اَکھ بڈ بوٗنی) تہٕ اَتہٕ گانٛٹہٕ ہِنٛدِ آکہٕ منٛز تتھہٕ

پأٹھی ٹھؤل والہِ زِ گانٹہٕ لگہِ نہٕ پتہے ۔ بہٕ گژھہٕ تیلہِ خوش ۔"

سرغنہٕ ژۄ رَن وۄنُس "نیرتہٕ کرماجہٕ ہنٛز خأہش پوٗر ۔"

شبرنگ دژاو تہٕ کھوٚت أکی سے آنَس منٛز اَتھ بڈِس کُلِس تہٕ تتھٕ کٔر واتنوٗن ہُنٛز منٛد پأٹھی گانٹہِ تل کُن أرِلس تانٛی اَتھہٕ تہٕ کوٚ ڈُن اَتہِ ٹھؤل زِ گانٹہٕ تورنہٕ رِکھنٛی تہِ فِکرِ ۔ سو روز کُنہِ ستھ صدا روٗستے اکھُتے پَتہٕ تہِ وارِیٛہس کالَس یوٚت تانٛی شبرنگ (کُلہِ پیٹھہٕ) وۄتھ تہٕ ماجہِ دِتُن ٹھؤل تہِ ۔

تمہِ وۄنُس "چالاک چھُ! اصل توٚ گے ۔ مگر وۄل گژھ ژٕ شبرنگ تہٕ ہُمس نفرس اَن بیزار کڈِتھ" تمہِ ہووٕ تُمس أرکس مزۄرس کُن یُس پَتُن گرِ کُن اوس گژھان ۔

شبرنگ دژاو پھٹا پھٹ تہٕ اکہِ کھہہٕ منٛز دورتُلِتھ ووت أرمس نفرس بزۄتھ پہن تہٕ بیۄٹھ وَتہِ پیٹھ تہٕ چھُ کُلِس أرکس کُن مُدے گنٛڈِتھ وُچھان ۔ وۄنی ووت مزۄرتہِ أرمس نکھہِ ۔ تہٕ أرکس تِتھِس چیزِس متعلق گٔیوس تجسُس یَتھ ستی تہٕ تَس کانٛہہ واتھے اوس یہِ زَن کہِ اکثر جأہِل کران چھِ تہٕ وۄننس "ژٕ کیاہ چھکھ اَتہٕ ہیوٚرکُن وُچھان؟"

"ہاے بہٕ چھُس شکَس لد" شبرنگن دِتُس سبٹھہے نمہٕ زولہٕ پأٹھی جواب "میوٚن مأری موٚنٛد موخت ہار چھُ یَتھ کُلی تِہرِس پیٹھ بہٕ اوسُس اَتھ رِگنٛدان تہٕ اچانک گووِیہِ تھوٚ دُکھسِتھ اَتہِ بنٛد ۔ ژٕ ہکہٕ کھامےٚ یہِ وأرلتھ دِتھ ۔ بہٕ چھُسے ژےٚ وعدٕ کران زِ بہٕ دِمے ژےٚ زٕ روپیہ بخشأیش ۔"

''آ۔ بلکل'' مزؤرَن وۄنُس تہٕ فورَن بَنٛز مہِ لوکچہٕ لٔنجہٕ تھٔکھ ژھٕنتھ لوگُن لیأری گُلِس ہیوٚر رہیوٚر کھٔسُن یپأرکہِ زَن شبرنگ ہاوان اوسُس۔ شبرنگس اوس خیال زِ سُہ ژھنہِ ضرور گُلِس کھسنہٕ برونٛہہ بیزار کٔڑتھ مگر مزؤرَن مون نہٕ یہِ وٕنتھ یہِ گرُن زِ اَمیک چھنہٕ کانٛہہ ضرورت۔ لہٰذا اوسنہٕ وۄنٛی شبرنگس فکرے تران زِمےٚ کیاہ چھُ وۄنی گرُن۔ سُہ ہیکہِ ہےٚ نہٕ خالی اَتھَو ماجہِ نِشہِ واپَس گژھتھ۔ مگر تٔمی ہنٛزِ عقلہِ دِیُت نہٕ تَس ناکام گژھنہٕ۔ تٔمی اوٚن اَکھ زٔر قلم تہٕ امیک اَکھ اَنٛد تژ وۄن أکس رسٔیہِ أکس مزٕ تہٕ جلدِ ے آو یہِ بِہو ریٛیوٚ ستی برنہٕ۔ یہِ زرکانٛی قلم ہیتھ کھوٚت یہِ مزؤرَس پتے گُلس یوٚت تانی سُہ تٔمِس نِشہِ اَکھ یاز گز بوٚن اوس۔ مزؤرَن وُچھی نہٕ سُہ تِکیاز گُلِس اوس گوٚن پَن تہٕ بیٚیہِ اوس ژھٹہِ تہٕ جاناوارَن ہُنٛد شور۔ شبرنگس تِتھے موقعہٕ اتھہِ آو تٔمی یوٚر یہِ زرکانٛی قلم اکہِ اَنٛدٕ پَنٕنہِ نِس أکس مزٕ تہٕ اَتھ دِتُن پننہِ پوٗرٕ طاقتہٕ سان أمس نفرٕ ہٕنٛدِس بیزارَس کُن پھوٗکھ۔ اکہِ یاد وہِ منٛزٕ پتہٕ آو أمس نِچأرِس سخت گُشن تہٕ یوٚن کُن نظرا کرِتھ وُچھن زِ أمی ہٕنٛدِ جِسمُک سورُے ہُنٛم حِصہٕ اوس ریٛیوٚ ستی برِتھ۔ تٔمِس باسیوٚ وِزِ گُلس کھسان کھسان ما آسہِ تَس کُنہٕ رسٔیہِ أکس ستی گکھر ہٕگمٕژ۔ بہرحال تٔمِس آسہِ وۄنی رسٔیہِ کھرٕ مزٕ تہٕ اِکنہِ پیٚیہِ تَس ڈؤر مٔوراوٕنی تہٕ پٔتن بیزار نبر کٔڑتھ دِتُن سُہ زمیٖنَس پیٹھ دأرِتھ۔ شبرنگ اوس خوش، سُہ وۄتھ کھر کرِتھ بوٚن تہٕ بیزار ہٕٹکتھ ووت ماجہِ نِشہِ۔

شہزأدی سپٕز حأران ''ژٕ چھُکھ جان پأٹھی ہیچھناونہٕ آمُت۔ مے روزِ نہٕ وۄنی چانٛی پریشأنی'' تٔمہِ وۄنُس تہٕ پتہٕ سرعنہٕ ژؤرَس کُن پھرِتھ دِتُن تَس اصل انعامہٕ تہٕ

کوٗرُن نہٕ روخصت۔

اَمہِ پَتہٕ کہٕ کاُلۍ ییٚلہِ اکہِ دوہہٕ صُبحاُے شبرنگ باتِھ لڑکن ہٕتۍ محل خانہٕ کِس باغس منٛز گنداں اوس تہٕ یمو منٛزٕ کمی تانۍ دِژتَس حرامک آسنٕچ پام۔ شبرنگ سپُد وارِیہہ حاُران تہٕ تہٕ شرارت تہٕ کھوٗتُس۔ ہِنٛدن اُتی ترٛاُوِتھ دوریاو ماجہِ نِشہ ''موجی، موجی، مےٚ وَن مےٚ کُس چھُ مول'' شانشہِ ہوٚت دِژٕ تمۍ کربکہٕ۔

تَمہِ ووٚنُس ''میانہِ گوٚبرٕ۔ ژٕ چھکھ کشیرِ ہِنٛدِس بادشاہ سُند نیٚچو تیمس ہٕتۍ ےٚ باقاعدٕ کھاندر اوس سپُد مُت مگر سبٹھاہ ظاُلم بنِتھ ژٕ ھنس ئہٕ تمۍ کٕری اُتی ترٛاُوِتھ۔''

شبرنگن ووٚنُس ''میاُنی ٹاٹھۍ موج۔ ژےٚ کیاز ووٚنُتھ نہٕ مےٚ یہ برٛونٛہہ تہٕ میاُنی بڑی بِن کیاز ہیوٚت نہٕ تَس تلوار تُلِتھ انتقام۔''

شہزادِ ووٚنُس ''توٚت مہٕ کھیٚیے۔ کاُنہہ چھو کہٕ داُوی یا قتل کرُن چھنہٕ ضروٗری ییٚلہِ زَن باتِھ ذریعہِ موجوٗد آسن۔ ژٕ چھکھ ترٛک تہٕ چالاک لڑکہٕ۔ نیر گرٛھ ژٕ ماُلۍ سِنٛدِس وطنس تہٕ تِتھہٕ کٔنٛز کر ماُلۍ سِنٛدِس دِلس منٛز جاے۔ یِتھ سہٕ ژےٚ تھدِس عوہدَس پیٹھ بیہناُوِ تہٕ ژےٚ پنٕنۍ کوٗر کھاندرٕ خاُطرٕ پیشکش تھاوی۔ ییٚلہِ معاملہٕ اوٗتُھ واتہِ تہٕ سوٗزی زِ مےٚ نادتہٕ پَتہٕ دِمہٕ ئہٕ پانے بادشاہَس جواب یمہِ سٟتۍ تَس پننہِ غلطی ہُنٛد اعتراف سَپدِ تہٕ شاید مانیہِ پننہٕ کڈِتھ ژھنٛنۍ مُرٕ زنانہِ واپس تہٕ پننہٕ نِس بہادر تہٕ چالاک نیٚچوِس بیہناوِ تختس۔

لڑکن ووٚنُس ''ٹھیک چھُ ئہٕ کرٕ یہ کرنہٕ خاُطرٕ سخت جدوجہد۔'' شبرنگ دراو جلدٕ ےٚ کشیر کُن تہٕ گوڈنٕچ کاُم یوسہٕ اُمۍ کرٕ سو اُس یہ زِ اُمۍ لوگ بادشاہ سِنٛدِس

دربانَس ستی دوستانہٕ۔ یہِ دوستی روز بڑان یوٚت تانی دربانس شبرنگ تیوٚت ٹوٹھ گووٚ زِ سُہ ہیکہِ ہے اُمی سٟندِ باپتھ کینٛہہ تہِ کٔرِتھ۔ اکہِ دوہہٕ وُونُس تٔمۍ زِ ژٕ ماگژھ یِنہٕ سرکارس منٛز نوکری تہٕ ہرگاہ ژٕے بادشاہ سٟندِس محل خانس منٛز نوکری میلی ژٕے گٔژھی یاتہٕ خوش۔ شبرنگن کوٚر اُمِس شکریہ تہِ دِیُتنَس جواب زِ یُہ گوژھہٕ کانٛہہ مخصوٗص کام کرنَس پٔتھ سبٕتھاہ خوش۔ لہٰذا اکرٕ توٚ دربانَن پننہٕ نس اُمِس یارٕ سٟند تعارف بادشاہس تہٕ سبٕتھہ خوش گفتارٕ سان وٗنی نَس اُمی سٟندی ہُنر، دلنٲیی تہٕ کانٛہہ تہٕ سو کام کرنہٕ پننہٕ خاطرٕ اُمی سٟنزِ صلاحیژِ ہٕندی گون یوسہِ بادشاہ سلامت اُمِس کرنہٕ خاطرٕ دِن۔ بادشاہ سپُد شبرنگ سٕنہِ چال ڈھال، ووتھ بیٹھہِ تہٕ گٹھ باتھہِ ستی مطمئن تہٕ فورَن بنووُن سُہ اکھ شاہی نوکر۔ یَتھ منٛز شبرنگ وُژھہِ ترقی روٗد پراوان تہٕ بٔنیاو بادشاہ تہٕ باقٕے سارِنے ہُنٛد ٹوٹھ۔

کینٛہہ کالٕی سوٗچ اُمی زِ یُہ کرٕ ہا تمہِ تریٖژِ ہٕنز ازمٲیش یوسہٕ مےٚ سرغنہٕ ژوٗرَس نشہِ حاصِل چھےٚ کٔرمٕژ۔ لہٰذا اوس سُہ پزٕ بتھ اکی رٲژ یا گٔنہٕ رٲژ یا گٔنہٕ پزٕ بتھ رٲژَسن دِنہٕ نیران۔ ہُتہٕ یِنہٕ شہرس منٛز یَتھ جایہِ تہٕ تٔس موقعہٕ میوٚل سُہ روٗد ژوٗر کران تہٕ یتھہٕ پٲٹھی حاصِل کرنہٕ آمتی چیز روٗد اُکس مٲدانس منٛز اُکس دوٚبس منٛز ژٕ رِتھاوان۔ ووں گووامہِ ستی اُس نہٕ اُمی سٟنزِ دوہچہِ کامہِ منٛز کانٛہہ فرق پیوان۔ پزٕ بتھ دوہہٕ صُبحٲے اوس سُہ برابر وقتس پٔتھ پننہٕ کامہِ پٔتھ آسان۔

ہَنہٕ ہَنہٕ روز وارِ یہٕن لوٗکن روپیہِ تہٕ قیمتی چیز راوان تہٕ ژوٗرٕ سٟند اوسنہٕ کانٛہہ تہٕ پتاہ لگان لہٰذا آدٕ عام لوٗکن ہٕندِ طرفہٕ یہِ درخاس پیش کرنہٕ یَتھ منٛز استدعا اوس کرنہٕ

آمُت زِ بادشاہ ورتاوَن پڑ بتھ کاٹھہ سہ طریقہٕ یمہٕ کنز ژۆر رٹنہٕ ییہٕ تہٕ تِمس سزادِنہٕ ییہٕ۔

بادشاہ سَپُد یہٕ خبر بوٗزِتھ سخت مغموم تہٕ تمۍ انوو پنُن کوتوال نادِتھ تہٕ تِمس گرِن پلسچہ نااہلیژ خاطرٕ سخت بوٗری تہٕ پننہ ناراضگی باوان دِتُنس حُکم زِ مُجرم گژھہ ژھانڈنہٕ یِن۔ کوتوالن منٛگِس معافی تہٕ وعدٕ کۆرُن زِ سہٕ کرِ تہٕ سائلم یہٕ تِمس ممکن سَپد۔ تمہٕ راتٕ ژ گرِ تمۍ ژۆر رٹنہٕ خاطرٕ خاص کوٗشش۔ پڑ بتھ گلی تہٕ کوچس منز آے پُلسہٕ وألۍ تعینات کرنہٕ تہٕ تِمن آے نظر گُزرتھاونہٕ خاطرٕ سخت حُکم دِنہٕ۔ پانہٕ کوتوال تہٕ رُوٗد راتس اورٕ یور کران۔ یمو سارِوٕ ے انتظاموباوجوٗد تہٕ گوو شبرنگ ترٛبن ژۆن جایَن تہٕ تیوٗت اوٗنُن ژۆرِ یوٗت تِمس خیال اوس تہٕ یہٕ کینژھا ژۆرِ اوٗنُن تہٕ تھوٗون مأدانس منز دوہس منز ژۆرِ تہٕ آو محل خانہٕ واپس۔

دوٗیمہِ دوہہ آے یمن ترٛبن ژۆن گرن ہندۍ لوٗکھ بادشاہَس نِش تہٕ کرِ ہَس شکایت زِ تِمن اُس راتھ کینٛھ ژۆر گمژ۔ بادشاہَس کھوٚت زیادٕ ے شرارت۔ ییلہِ کوتوالن بادشاہ صأبن شرارت وُچھ سہ ووتھ کوٚھِنن پیٹھ تہٕ چھُ معافی منگان۔

"بادشاہ سلامت۔ مےٚ نوکر سُند عرض بوٗزِتو۔ بہٕ تہٕ سوٗرٕ ے پولیس اوس رأتی راتس گشتس۔ اَسہِ منز کرنہٕ کانٛسہِ اکۍ راتس اکھ زولہٕ تہٕ نِنٛدر۔ شہر چہِ پڑ بتھ گلی تہٕ کوچس پیٹھ اُس نظر گزور۔ خبر توتہِ کتھہٕ کنۍ سَپُد یہ سوٗرٕ ے؟"

بادشاہ سَپُد وارے حأران تہٕ ووٚنُس "تیلہِ ماپھۍ لوٗکن چأنۍ ژوکان تہٕ ما چھِ چأنۍ کینٛہہ نفر ژۆر رٹنہٕ ما آسہِ مختلف گرن ہند بوموٗہنو بو پانہٕ وأنۍ رٕلتھ یہ کوٚر رمُت۔

وۆنی یہِ چھُ تہٕ تہِ۔ مےٚ دِکھ ژٕ مُجرم لُبتھ تہٕ اَنٛکھ تم مےٚ بڑٕ وٚنِہہ کُن۔ امہِ خاطرٕ چھسے بہ ژےٚ پۆرٕ اَکھ ہفتہٕ دِوان۔"

یَمن ستَن دوہن تہٕ راٚ ژَن کُرکوتوالَن ہر رنگہٕ پڑٕ بتھ کانٛہہ کوٚشش۔ یُتھ زِ ژۆرٕ سُنٛد کانٛہہ پتاہ لگہِ ہے۔ تٔمؠ بدلوو پانَس مختلف پلوٗ لاٚ گتھ حُلیہِ۔ پنٕنؠن کینٛژَن نفرَن ہِنٛدی تہِ بدلاٚوِن حُلیہِ۔ تٔمؠ تھاٚوی مُخبرَن اطلاع دِنہٕ خاطرٕ بڈٕی انعامہٕ تہٕ تٔمؠ کوٚر ژۆرَس یا ژۆرَن سرکاٚری معافی ہُنٛد وَعدٕ یوٚ دوَے تم پانَے امیک اعتراف کرَن تہٕ بڑٕ وٚنِہہ کُن اَتھ پتھ ہِمن۔ پڑٕ بتھ جایہِ دِتؠ تٔمؠ اشتہار زِ حکوٗمت دِیہِ تٔمؠ ہِنٛدِس جان و مالَس تہٕ عزتَس تحفظ یُس ژۆرٕ سُنٛد پےٚ دِیہِ۔ یُتھ زَن کانٛہہ اَکھاتہِ ژۆرٕ سُنٛد پےٚ دِنٛس کھوژِنہٕ۔ مگر اَتھ ساٚری ہےٚ دژ اونہٕ کانٛہہ تَر۔ ژۆرٕ سُنٛد دراونہٕ کانٛہہ پتاہ یوٚ دوَے سُہ اَتھ دوران برابر ژۆرؠ دکران بلکہِ بُرٛنٛہہ مہِ کھوتہٕ زیادَے پہَن۔ شبرنگ رٹنہٕ خاطرٕ یمَو ہُر یمانہٕ اقدامو کنِہ ئُج تٔمِس وارَے کھَہرن تہٕ تٔمؠ لاٚ گی امہِ کھوتہٕ تہِ بڈٕی کارگرٕ نی۔

شہرَس منٛز پھاٚئیا وانتشار۔ بادشاہَس پیٛٹھہٕ معموٗلی شخصَس تانٛی اوس پڑٕ بتھ کاٚنسہِ خطرٕ باسان زِ مےٚ نتہٕ مےٚ گوٚ ژھنہٕ ڈاکہٕ پیوٚن۔ یوٚ دوَے پڑٕ بتھ کانٛہہ شخص دوہَس کھوراتَس پنٕنِس جایدادَس حبسہٕ ہُشاٚری سان راٚچھ اوس کران مگر کاٚنسہِ اَکِس اوسنہٕ پنٕنؠ پان محفوٗظ باسان۔ شُتؠ مہِ دوہہٕ کالہٕ چَس باٚ گی چھُ کوتوال وَنان زِ "وۆنی کیٛاہ پزِ کرُن۔ تمہِ ہُر یمانہٕ کیٛاہ ہیکہِ کانٛہہ شخص کرِتھ یہِ زَن وُنیس تانٛی کرنہٕ آو۔"

"تہِ چھُ پوٚز" بادشاہَن وۆنُس "ژٕ نن فوج تہٕ تہٕ تمَن دِتہٕ حُکم یہِ ژٕ

یژھکھ۔"

لہذا آے سٹی مہِ شبہٕ پُلسِس سِتی سِتی فوجی تہِ اَکھ اَکِس نگھہٕ نکھے جاین پوٚرِ شہرس منٛز تعینات کرنہٕ تہٕ تمن آو حُکم کرنہٕ زِ تتھہٕ کنی تھاوُن نظر گزریتھہٕ کنی پنہٕ نس زوٗس تھاوُن۔ پانہٕ کوتوال تہِ روٗد راتی راتس انتظامن نگرأنی کران۔ پنہٕ نس اورٕ یور کرنس دوران گیہِ تمس اَکِس کولہٕ بٹھس کُن اَکِس باغس منٛز یہَے ژھاے ہش

"ژوٗر، ژوٗر، کر دِژ کربھ تہٕ دوریا واوٗ رکُن۔"

"نہ۔ نہ" اورٕ آس جواب "بہٕ چھس غریب باغوان سٹز آئشنی تہٕ یور چھس آب برنہٕ خأطرٕ آمُت۔"

"یہٕ کُس وقتے چھُ آب برنک؟ ژےٚ کیازِ چھُتھ نہٕ گوڈے آب کھولمُت؟ کوتوالن ووٗنُس۔

جواب میوٗلُس "بہٕ اُسس واریہہ آور۔"

پتہٕ ووٗنُس کوتوالن "ژےٚ ما چھُکھن ژوٗر روٗچھمُت یاتس متعلق بوزمُت۔"

"آ۔ آ۔ مگر بہٕ کھوٗژس کربھ دِنس مےٚ دوٗپ سہٕ ماتژ اوِمےٚ ٹکی دب۔ سہٕ اوس وُنی ییتی تہٕ تمی نیوٗ مےٚ واریہہ ہاکھ۔ ہر گاہ ژٕ ییتی کینژس کالس پژار کھ ژٕ ہیکھہٕ ہن سہٕ ییتی رٕتتھ تکیا زِ عأنِ ممکن چھُ زِ سہٕ ییہِ بیہِ یور۔ سہٕ آو ہمہِ جایہِ کنی تہٕ سہٕ گو وینہٕ تور کی۔"

"رٕ ژخبر۔ رٕ ژخبر۔ کوتوالن ووٗن "مگر بہٕ کتھہٕ کنی رٹن سہٕ؟ ییتہٕ ما چھُ زنڈا تہٕ کانہہ یتھ ژھایہِ بہٕ روزٕ تہٕ ووٗنی ہر گاہ بہٕ تمی وچھس۔ سہٕ ژلہِ لپٲری۔"

"ژٕ لاگ میۆن پھمَرن زنتہٕ ژٕ آب چھُکھ کھالان۔ سُہ ییہِ ضرور یوٗر۔ تھ سُہ باقٕے ہاکھ نیہِ۔ پَتہٕ ہیکَکھ ژٕ اَمِس نِش گژھتھ تہٕ رَٹہٕ ہَن۔"

کوتوال اوس نہٕ یژھان اَمِس شخص (ژوٗرس) نِشہِ اَمہِ حالہٕ گژھُن۔ مگر تٔمۍ روٗٹ پھمَرن تہٕ ووٗنُس مےٚ ہاو ووٗنۍ آب، کتھہٕ کنۍ چھِ کھالان۔ باغوانہٕ سنٛزِ زنانہِ گوٚنڈ سُہ تولہِ کٕوٚٹس تیاٗرۍ یپاٗرۍ بار چھِس تھاوان۔ پَتہٕ ووٗنُس لَم۔ یتھ رَزِ یوسہٕ دوٚیمہِ انٛدٕ اَتھ گنٛڈِتھ اٚس۔ تٔمۍ کوٚرتی تہٕ یہِ زَن پتٕھے چھُ سُہ کھوٚت سیوٚد دےوُ ووفٕہ ہیوٚر ہوٚہَس منٛز تھوٚد۔ پَتہٕ کوٚر باغوانہٕ سنٛزِ زنانہِ تولہِ کٕوٚٹہِ کس بُنٛمِس انٛدس اکِس ٹِکلِس ستۍ گنٛڈ تہٕ اَمۍ سنٛدۍ پلوٗٹن تہٕ دژ لیہِ۔"

"ہے۔ ہے" کوتوال چھُس کریکہٕ دِوان۔

باغوانہٕ سنٛزِ زنانہِ ووٗنُس نیران نیران "ژھوپہٕ کَر۔ ئلِہ ہوٗزی ژوٗر تہٕ سُہ ییہِ نہٕ یپاٗرۍ۔ ژٕ کر ژھوپہٕ۔ کھوژمہٕ۔ تولہِ کٕوٚٹ وَسہِ نہٕ پانٔے بوٚن۔ تتھے ژوٗر ییہِ یہٕ والتھ ژٕ تَمہِ وِزِ بوٚن تہٕ پَتہٕ رَٹہٕ ہَن سُہ ژٕ۔"

اَڈِس گاٚنٹس منٛز اوس شبرنگ (باغوانہٕ سنٛزِ زنانہٕ) پَنہٕ نِس بسترَس پیٹھ شوٚنگِتھ تہٕ راٗژ ہٕنٛدِس اَتھ اَڈِس گاٚنٹس منٛز گیہِ نہٕ اَتہِ ژوٗرٕ سنٛدِ دُبارٕ تیٚنٛج کانٛہہ نشاٗنیا ظاہر تہٕ کوتوالَن ووٗن مےٚ وال بوٚن مگر تَس میوٗل نہٕ کانٛہہ جواب۔

تٔمۍ دِژ کریکھ "ہے مےٚ وال بوٚن۔" تَس باسیا وِزِ باغوانہٕ سنٛزِ زنانہِ چھےٚ ہِنٛدر پیٚمژ۔ "مےٚ وال تہٕ بوٚن۔ ژوٗر ییہِ نہٕ دُبارٕ اَز راتس یپاٗرۍ۔ ژٕ وال مےٚ بوٚن۔ یَتہٕ چھےٚ ژُرٕنۍ ژھٹھ یہٕ کیاہ چھُس ئلِہ ییتھ کران ییلہِ زَن ہُپاٗرۍ کُنہِ لَنٛدٕ ژوٗر ہٕنٛزۍ کاٗم آسہِ

کران۔" مگر توتہٕ آونہٕ اَمِس اوٚر کانٛہہ جواب۔

پَتہٕ دِژ تٔمۍ بیٚیہ کربکھ تہٕ دِیٚن باغوانہٕ سٟنٛزِ زنانہِ زبردست سزاہٕچ دھمکی۔ زِ اوس تَس باس یژھان دِیٚن زِ مےٚ چھُ چون ناو پتاہ معلوم۔ مگر توتہٕ میٚولُس نہٕ کانٛہہ جواب۔ "افسوس" آخرس دِژ تٔمۍ کربکھ "یہ کوسہٕ چال چھےٚ؟" باغوانہٕ سٟنٛز زنانہٕ گوو نہٕ ژوٚرَس ورأے بیٚیہ کانٛہہ آسنہٕ تہٕ اَمی ژرِ دلَن چھَنَس ئہ یٚیتھ گنٛڈتھ تھوومُت۔"

بیٚیہ دوہہٕ صُبحأے آے باغٕچ لُوکھ بادشاہَس شکایت ہیتھ زِ تٔمن اُس ژور گٔمُت۔ بادشاہَن سوٗز کوتوالَس یہ زاننہٕ خأطرٕ نادِ زِ تٔمۍ کیاہ کوٚر رراتس۔ مگر سُہ اوس نہٕ گرِ نہٕ کالہٕ پٔتھے اوس نہٕ گرٕ آمُت۔ لہذا اروٗد شٮ۪چھ اَنن وول تٔمس ژھانڈنہٕ خأطرٕ سأرکے شہرَس پھیران۔ آخرس آو سُہ تٔمہِ باغہٕ کنِ یوٚت بدقسمتی کنی کوتوال ژامُت اوس تہٕ اَتہٕ اوسُن سُہ بدمعاش زنانہٕ پھیرَن لاگتھ وُچھمُت۔ یہ اوس تولہٕ کوٗتس پیٹھہٕ گنہٕ اوٚر یور یتھ تہٕ ترٕستی اوس شٹھیوٗمُت۔ (شٮ۪چھ انن وألی سوٗچ) خبر بادشاہ گریامیأنس وٕتس پژھ لہذا کوٚرنَس عرض زِ سُہ یٚین تہٕ پانَے وُچھن زِ کوتوالَس کیاہ اوس بنیوٗمُت۔ بادشاہ گووتہٕ ییلہٕ تٔمۍ یہ وُچھ تَس ژوٗل اُسُن نیرتھ۔ سُہ اوس تیتھ خراب حالتھ منز۔

یام کوتوال پتھرِس پیٹھ ووت تہٕ تٔمۍ ووٚن بادشاہَس اَمیُک سورُے حال نہٕ تَس ووٚنُن زِ تۆہی ژھِنوٗمےٚ ووٚنی مأرِتھے تِکیازِ مےٚ چھُنہٕ ووٚنی زندگی ہُنٛد تہٕ کانٛہہ پرواے۔ بادشاہَن پرٛژھ ووٚنی بُڈِس وزیرَس "اَسہِ کیاہ پزِ کرُن۔ سأنِس مُلکس منز ووتھہِ اَکھ یُوٚ ڈتہٕ کریوٗٹھ ووژ راٹھ ہرگاہ نہٕ اَسی اَمِس ژوٗرَس تدوٗرک ہیکی گرتھ۔ یہ کتھہٕ پأٹھی ہیکو اَسی رُکاوِتھ۔ لوٗکھ ہیکن نہٕ ووٚنی زیادٕ کالَس پننہٕ نٔبن چیزَن ہُنٛد راوُن

برداشت کرِتھ۔ تِتھس خوفناک تشویشس منز روزنہٕ کھوتہٕ ژلن تم مُلکے تۄ اُوِتھ۔"

وزیرن وۄنُس درجواب "یہِ، ہیکہِ نہٕ سپدِتھ تہٕ نہ سپد۔ ہرگا توٚہی مے اجازت دِیو تیلہِ نیرٕ بہٕ از راتھ کیُتھ تہٕ ژھانڈن سأنِس امنس درہم برہم کرن وول۔"

بادشاہَن دِتُس اقرار۔ تِتھے اَنہِ گوٚٹ ہیوٚتن سپدن وزیر کھوٚت گرِس تہٕ دراو۔ شبرنگ ژۄر تہٕ دراو تہٕ کینژ کالی گوو اَکھ غریب مُسلمان زنانہٕ بُتھ ظاہر۔ اُمِس اوس اَکھ پھِرن جندالا گتھ تہٕ اَکھ اۄڈر تژھ ہیوٚ ووزُل قصابہ گلَس یتھ پیٹھ مَلہٕ ستی برِتھ پۄژ اوٚ گرتھوٚ گرِ پأٹھی دِتھ اُسس۔ یہِ بیوٹھ اُکس میٚنز پھِر ہنزِس دروازس پیٹھ تہٕ اوس اُکس لوکٹس تِلہٕ ژانگہِ کس سوٚتس گاشس منز مکأے پہان یہِ ژونگ اوٚسس پتَی کنِ لبہِ تارس پیٹھ۔ سُہ (وزیر) دراو لأری یہِ زَن شبرنگس توقع اوس تہٕ گژھِ پھِر نچہِ آوازِ ستی گوس اور گن توجہ تہٕ پھِرن گراو ری گن تہٕ پرژھن زِاتہِ کُس چھو۔

اوٚر آس جواب "اَکھ بُڈا۔ مکأے چھس پہان" تہٕ اَمہِ پتہٕ زنتہٕ تمہِ گوڈنکہِ پھِرِ یہِ وُچھ زِ یہِ گری سوار اوس وُزیر تہٕ وۄنُس سیٚٹھے قابلِ رحم آوازِ منز "جناب، توٚہی ہیکہِ ہوٚن نا ژۄر رِٹِتھ! وُنی اوس یِیتہِ اَکھ نفراتمی لوٚے مے تہٕ نی نم تقریبَن سوسأرے مکایہ ہَن یوسہ مے کالہٕ خاطرٕ پہمژ ہُوأس۔"

"ژۄر۔ کیاہ۔ کتہِ! مے وَن کُس چھُ سُہ؟ سُہ کپأری دراو؟"

"ہپأری، ہوٚ کیاہ ہپأری ووتھ" تہٕ ہوونُس بالہٕ دامنَس کُن۔

وزیر دژ اوگرِی سے پیٹھ تہٕ دِژن أنْدی پکھی ہمسایہٕ گی منز نظرا وزرا گرائہٕ اوس تہٕ ژئور سُند کانْہہ بۄد باہاتہٕ آو دُبارٕ واپس پھیرِتھ۔ یتھ زن بجہِ نشہِ بیہِ تہٕ کیْنْہہ معلوٗم گرِ ہے۔ تمہِ وۄنُس "مےٚ وۄنمے ژےٚ سورُے کیْنْہہ۔ مگر یہِ کیاہ۔ یتھٕ کنٕ أکِس تھدِس گرِس کھسِتھ تہٕ پلو پوشاک لٲگِتھ چھکھ ژٕ گتہٕ ہکہِ ہن ژئور رٔٹِتھ۔ ژٕ بوز کھامےٚ بجہِ ہنز گتھ؟ ژٕ بدلا وےٚ سیٚتی جاے۔ مےٚ سیٚتی بدلا و پلو۔ ژٕ روز بیٚتی تہٕ بٕہ گژھے لوٚت پأٹھی سہٕ ژھانڈنہٕ خأطرٕ۔ ژٕ روز بیٚتی تہٕ پہکھ تانی مکأے۔ سہٕ مایہ پیأری تہٕ رٔٹہٕ ہن بیٚتی۔"

یہِ اوس جان منصوٗبہٕ باسان لہٰذا موٗن وزیرَن۔

وۄنی اوس شہرنگ أکِس بڈِس وزیرٕسنْدِس پوشاکس منز تہٕ أکِس سبٹھے خوٗبصورت گرِس کھسِتھ۔ سہٕ آسہِ ہکھ شہرِکس بازرس منز تہٕ گرِس پیٹھ پکان وُچھمُت۔ اَمہِ پَتہٕ پیہوٚے اَکھ گانٹا گرٕ ہتھ آسہِ ہکھ سہٕ بادشاہ سنْدبن بیہِ کینْژن مُلازمَن سیٚتی محل خانہِ کس صحنس منز گتھہِ کران وُچھمُت۔

بیہِ دوٗہہِ صُبحٲے آے بیہِ کینْہہ لۄکھ ودان ودان بادشاہس نِش یہِ شکایت ہیتھ زِ تہُنْد جایدادا اوس روومُت۔ اڈہن آسہٕ روپیہِ راومٕژ، اَڈہن لال جوٲہر تہٕ اڈہن اناج۔

"افسوٗس، ہزار افسوٗس! أسی کیاہ گرَو وۄنی؟ وٗزیر انیٚون بُلا وِتھ" بادشاہَن دِژ کربکھ اَکھ نفر آو وزیرٕ سُنْد گرٕ شیٚچھ ہیتھ سوزنہٕ بیٚتہٕ تُمہ کی یہِ بۄز زِ وزیرٕ سُنْد گر اوس تَس ورأے گرٕ آمُت تہٕ اَمہِ کنٕ اوس تُمی سُنْد سورُے عیال پریشانیہِ کنٕ پاگل ہیوٗ گومُت تہٕ

تِمَن اوس باسیوٗمُت زِ وزیرَس آسہِ ژۄر سمکھیوٗمُت تہٕ تِمی آسہِ مأرِتھ ژھنمُت۔

ییٚلہِ بادشاہن یہِ بۄزُنس سپُد زبردست دوکھ۔

تِمی منگنووپٔنُن گُر تہٕ تُلِن کینٛہہ مُلازِم ہتی۔ یِمَن منز اوس شبرنگ تہٕ یُس فِل فورأمس ہتی وزیرَس ژھانڈنہِ دژاو۔ تِمی (بادشاہَن) وۄن مزید "یہِ ہیٚکہِ نہٕ بُنتھ زِ یِتھ داناتہٕ وفادار کیاہ ہیٚکہِ تتھہٕ کٔنی مارِ سپدِتھ۔ اَکھ گاٹُھاہیوٗ گوٚھتھ ییٚلہِ یہِ جماعت امہِ لوکچہِ میٛژِ پہرِ کَنی پکان اُس تِمو وُچھ رووٗمُت وزیرُس اُکِس غریب مسلمان زنانہِ ہِنٛدِ بن مکرِ بن تہٕ اُدربن تتھہِ ہوبن زچن منز سبٹھے دوکھہِ ہوٚت وٚدان اوس۔

تِمی دِژ کریکھ "بادشاہ سلامت، توٚہی نیرو، توٚہی نیرو، میانہِ یِتھ خجالژِ گن مہ وُچھوٗبہ ہیٚکہٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ یِتھ مُلکَس منز گلہٕ تھوٚ دِتھ۔"

بادشاہَن رۄنُس "سو چھنہٕ کتھ۔ ہمت چھےٚ گرٕ نی۔ اُسی لبون سہٕ نفر یمی سون مُلک پریشان کوٚر تہٕ وزیر بے عزت کوٚرُن۔" امہِ پتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ وزیر واتناوِیوٗن پٔنُن گرٕ۔

بیٚیہِ رأژ خأطرِ انتظامَن وُچھنہِ داشنہٕ خأطرِ آوتھانہٕ دار بڑونہہ گن تہٕ سہٕ یُدوٚے لوکٕٹسے عوہدَس پیٹھ اوس مگر بادشاہَن کُرتسنز پیشکش قبوٗل۔

اَمہِ رأژ بنأو شبرنگن پانس وزیرِ ہنز کوٗر تہٕ رۄز وزیرٕ ہنٛدِس باغس منز یہِ وومید ہیتھ پژاران زِتھانہٕ دار واتہِ اوٗت رأژ ہِنٛدِ گوڈنِکے پہر۔ سہٕ سپُد نہٕ مایوس۔ خفتَن بڑونٛھے پہَن دژاوتھانہٕ دار لپأرِ تہٕ کُس تأنی شخص باغہٕ کَنی پکان وُچھتھ

پزژھُن اِمس کُس سا چھکھ؟ جواب میوٗلُس ''وزیر ہنز کوٗر۔ ژٕ کیاہ چھکھ ژھانڈان؟''

تھانہٕ دارَن وَوٗنُس ''ژوٗر'' راتھ کوٗر تمۍ چون مول بے عزت تہٕ تمہٕ بزٕ وُنیہ کوتوال تہٕ اَز چھُس ءٚ بہٕ پنُن قسمت آزماوان۔

''تہٕ گوو ٹھیک۔ مگر ہرگاہ ژٕ سہٕ رَٹَھن ژٕ کیاہ کرکھ تمس۔''

''بہٕ تھاوَن سہٕ زنجیرَن گنٛڈِتھ قاٗدتہٕ پزٕ بتھ دوہہ آسَس تیتۍ کوٗژ والان یُتہٕ سہٕ ژُر دِلہٕ برداشت ہیکہٕ کرِتھ۔''

''واہ! ءٚ بہٕ وُچھہا قاٗدخانہٕ'' ووٗنُس اَمہٕ کورِ ''مےٚ اُس اکثر یہِ خاہش مگرے دیُت نہٕ ماٗلۍ اور زانہہ گژھنہٕ۔ وُنۍ کیٚبس آومےٚ موقعہٕ۔ یہِ چھُنہٕ دوٗر۔ ءٚ بہٕ چھُس یژھان یہِ جاے وُچھنۍ!''

''ژٕ یہِ ہیٚنہٕ کُنہٕ دوہہٕ۔ وُنۍ کیٚبن چھےٚ نہٕ مےٚ فرصت تہٕ پیٚٹھہٕ گژھی ژےٚ مول ناراٗضی ہرگاہ تَس یہِ پتاہ لگہِ زِ ژٕ اَسکھ یُتہٕ ژیرِ نیٚبر کُنہٕ باغس منز۔''

کورِ ووٗنُس ''تَس لگہِ نہٕ زنہے تہٕ پتاہ۔ سہٕ چھُ ناٹھیک۔ سہٕ یییمہٕ وِزِ راتھ گراوُ نکھ سہٕ اوس تمے وِزِ بیمار۔ کر جلدے۔ بہٕ آیہ سےٚ۔''

تہٕ تمہٕ پاٗٹھۍ سپُد تھانہٕ دار مجبوٗر تہٕ دژ اوقاٗدخانُس کُن بزٕ وُنیہہ بزٕ وُنیہہ۔ اَتہٕ اوس اَکےٚ پُلسہٕ وول راٗچھ تکیا زِ باقے سارنے اوس حکم دِنہٕ آمُت زِ توٚہۍ ژھاٗنڈ یون ژوٗر۔ لڑکی ہنٛدِس درخاسَس پیٚٹھ ہووُس اَکۍ سوٗرے کیٚنہہ۔ اکھےٚ لاجہٕ تمۍ زنجیر تہٕ۔ سہٕ ژاد کوٗٹھرِ منز تہٕ ہووُنس زِ ژوٗرَس ہتۍ کیاہ یہِ کرنہٕ ہرگاہ سہٕ رَٹنہٕ تہٕ قاٗدیہِ تھاوُنہٕ۔ اَتھۍ ہتۍ

دُیُت شبر نگن (وزیر ہسنز کورِ) تھانہٕ دارس دکہٕ تہٕ تَس گوو گُنے پینڈ ل۔کوٹھرِ کوٗرُن دروازٕ بنٛد تہٕ کورِ ہُنٛد لباس کٔڈِتھ لوٗگُن تھانہٕ دارسُنٛد دستارٕ تہٕ تھانہٕ دارسُنٛد کمر بنٛد گوٗڈُن کمرس تہٕ گوو سیوٚدُے تھانہٕ دارسُنٛد گرٕ ڈٔلی ڈٔلی۔تھانہٕ دار ہسنز زنانہٕ ہتی گٔتھ کران وۄنُن تَس "مےٚ دِکیٚنٛہہ روپیہ تہٕ لال جواہر۔ئہ نیرٕ شہرٕ منٛزٕ تہٕ روزٕ کُنہِ بدل جایہِ۔ئہ گوس ژۄٚر لیٚنس منٛز ناکام لہٰذا کرنہٕ مےٚ بادشاہ کانٛہہ پاس۔دِمےٚ یِم چیز تہٕ ئہ نیرٕ۔ئہ سوزَے ژےٚ شیٚچھ زِ ئہ کتہٕ آسہٕ تہٕ ژٕ کرتہٕ کتھہٕ کٔنی واتگھ مےٚ نِش۔

زنانہِ دِتی اُمِس ڈٔلی ڈٔلی لال جواہر تہٕ کیٚنٛہہ ہَتھ روپین ہنٛدی نقد۔شبر نگن کوٚرُس میوٗٹھا تہٕ دژاو۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحاے سوٗز بادشاہَن تھانہٕ دارس نادتہٕ ئہ گرِنہٕ ہیٚتھ لاگنوٗن ئہ سأری ہے شہرَس منٛز ژھانڈن۔بادشاہ سپُد تمہِ وِزِ زبردست حأران۔یِلہِ تٕمی یہ بوٗز زِ تھانہٕ داراوسُکھ زنجیرَن گنٛڈِتھ قأد خانہٕ کُس سارِوے کھوتہٕ اَنٛدرِمِس حصس منٛز تھووُمت۔بیٚیہِ اوس ژۄٚر تھانہٕ دارسُنٛد گرٕ گوٚمُت تہٕ تتہِ اُسن تہنٛدی سأری لال جواہر تہٕ تہنٛد جمع کرنہٕ آمتہِ رقمک بوٚڈ حصہٕ نٕمت۔تٕمی بلوو پننہِ مُلکہٕ کٔین سارِنٕے گاٹلین ہُنٛد اجلاس۔یُتھ زِ تِمن ہتی یہِ مشورٕ کرِ ہے زِ اَتھ مصیبتَس منٛز کیاہ پزِ ووٗنی کرُن۔تٕمی وۄنُکھ "توہہِ چھُو پتاہ زِ اَتھ چھُنہٕ کہنہٕ تہِ فأید زِ ہرگا اَسی ژۄٚرٕ رٹنٕچ کوٗشش کرو۔یہِ گوو ووٗنی ہوٚہَس گٔجِہ گنٛڈنہٕ۔سوٗرُے پُلیس تہٕ فوجُک زیادٕ ترحصہٕ روٗدی وارٕہَن دوہَن نظر گُور تھاوان۔پزٕ بتھ کانٛہہ اوس پن پننہِ جایہِ مُستعد۔پتہٕ مِس ہفتس اَسی پزٕ بتھ گرس کیٚنٛہہ کیٚنٛہہ رأتی راتَن ہُشار۔امہِ علاوٕ کیاہ حبہٕ ہُشأری ہیکہٕ ہے ورتاونہٕ یتھ تہٕ اَمہِ

پَتہٕ تہٕ گٔیہِ لۄکَن ژۄر۔ سون وزیر، کوتوال تہٕ سون اَکھ تھانہٕ دار بنے شہرَس منٛز اکہٕ سامانہٕ۔ أسی کیٛاہ ہکو کٔرِتھ؟ ہرگا کانٛہہ شخص اَسہِ مدد ہیکہِ کٔرِتھ یا ہرگا ژۄر پانٔے پانہٕ اِمیُک اعتراف کٔرِتہٕ یہِ وعدٕ کٔرِ زِ سُہ کٔرِنہٕ بڑ وٕنہہ کُن یِژھ خراب کامہِ بہٕ دِمہٕ تیٚلہٕ تٔمِس پننٕ کۄر رٔنیترِ کی تہٕ بیٚیہِ پٔنٕن نصف ملک۔"

یہِ بۄزِتھ آو شبرنگ بڑ وٕنہہ کُن تہٕ مۄنٛگن بادشاہ صأبَس کینٛہہ وَنہٕ اجازت۔ "بادشاہ صأب توہہِ کۄر رُوپنہِ مُلکہِ کِنہ سارِنٕے بَڈٕن تہٕ دانالۄکن برٕ ونہہ گنہِ یہِ وعدٕ زِ بہٕ دِمہٕ پننٕ کۄر تہٕ پننہِ مُلکُک نصف تٔمِس ژۄرس ہرگاہ سُہ پانہٕ امیُک اعتراف کٔرِ تہٕ بڑ وٕنہہ کُن ژۄر کرنہٕ نِشہِ پَتھ روزِ۔"

بادشاہَن وۄنُس "آ بلکُل۔"

"بادشاہ صأب۔ تیٚلہِ بۄ زِ وزِ بہٕ چھُس ژۄر تہٕ پننٕ یہِ کَتھ ثأبت کرنہٕ خأطر دِیوتو ہی تِمَن سارِنٕے لۄکَن حُکم یِمَن نقد یا کُنہِ تہٕ قسمُک جایداد پٔتی مین کینٛژن ہفتن اَندر ژھۄر روومُت تِم سَمَن شہرس نیٚبر کُنہِ فلأنی جایہِ تہٕ بہٕ دِمہٕ تِمَن پننٕ سأری چیز واپس۔"

اجلاسَس منٛز موجوٗد سارِنٕے لۆگ حأران گژھِتھ کُنی دِنَن۔ لۄکھ لگی شبرنگس کُن تِتھہٕ کٕنٛز وُچھنہِ زَن تہٕ سُہ دیوتا اوس۔ اڈٕ بو سۄچ زِ سُہ چھُ دیوانہٕ تہٕ پَتہٕ چھُس نہٕ بہٕ کیٛاہ چھُس ونان۔ خأر تہٕ چھیکرس کینٛژن ژِہَن ہِنٛدِ ٹھہراو پَتہٕ کٔر بادشاہَن کتھ تہٕ وۄنُن "یہِ گو وٹھیک۔ تِتھَے کٕنٛز کرو۔ پَگہ ژٕ شبرنگ مے نِش۔"

بادشاہ دژ اوشبرنگس سَتی تہٕ اجلاس آو برخاست کرنہٕ۔ پانہٕ وأنی کتھ کران

دِیُت بادشاہَن پَنہٕ نِس وعدس پھِیُر تہٕ ووُنُن زِ کھاندرٕ خاطرٕ تیاّر یہٕ تہٕ مُلکُک نصف مُنتقل کرنٕچ کاّم پیہ تیوٗت جلد کرنہٕ یوٗت ممکن سپد۔"

پگہہ سمے تِم ساّری لوٗکھ یمن کینہہ روومُت اوس۔ شہرٕکس دیوارس لرِ اَکس بُڈِس ماّدانس منز تہٕ تتہِ بادشاہ تہٕ تِمُ کہٕ سندہٕ وزیرن ہنز موجوٗدگیہِ منز کرِ شبرنگن تِم ساّری چیز، نقدی، لال جواہر، پلو وغاّرٕ واپس یِم تِمُ کہٕ نِمتی اَسی۔ پرٕ جتھ کانہہ دژ اوخوش گرٕ ہتھ واپس تہٕ دُبارٕ سپُد مُلکس منز امَن قاّیم۔

محل خانہٕ واپس یِوان کوٗر شبرنگن بادشاہَس درخاس زِ مےٚ دِیِ تو ماجہِ ناد سوزنک اجازت۔ یُتھ زن ئہ تِمس کھاندرس نسبت مشورٕ تہٕ مَدد دِہمہٕ۔ بادشاہَن مون تہٕ شبرنگ نہِ ماجہِ آونا دسوزنہٕ۔

سو واّژ تیوٗت جلد یوٗت تَس ممکن سپُد تہٕ فورَن ووٚچھ بادشاہَس۔ بادشاہَن کوٗر تَس سیٚٹھاہ شاندار پاٹھی استقبال تہٕ ووٚنُس زِ ئہ چھُس یمہِ خاطرٕ سیٚٹھاہ خوش زِ ئہ بنیوس یَتھ قاّبل زِ پننی کوٗر دِمَن تِتھس چالاک تہٕ خوٗبصورت شخصس یُس چون پرورش پرٕ وومُت نیٚچُو چھُ۔

تمہِ ووٚنُس "بادشاہ سلامت چھِو سیٚٹھاہے مہربان پاٹھی کلامہٕ کران مگر یہِ کھاندر ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ یہِ چھنہٕ شرعن صحیح زِ کانہہ کیاہ گرٕ پَنہٕ نِس نیٚچُوس پننہِ کورِ ستی کھاندر۔ بُےہیکہِ نہٕ ییٚنہٕ ستی کھاندر کرِتھ۔

بادشاہَن ووٚنُس "مےٚ توٚرنہٕ چون وٚنُن فِکرِ"

جواب میوٚنُس "اَتھ منز چھنہٕ تعجبس لایق کانہہ کتھ زِ ژےٚ چھسے نہٕ ئہ یاد مگر

یہِ وأج تہٕ رُمال پأوی ژٕنے مےٚ متعلق ژٕبتٕس۔ رٕٹو، یم چھےٚ چانی تہٕ مےٚ دِسو وأج واپَس یوسہٕ مےٚ یَمَن بدلہٕ دِژٕ أے۔''

اَمہِ پتہٕ وۄن أمِس اَمہِ سورٕے کینٛہہ۔ زِ سو رٕکتھہٕ کنٛز أس أمی سٕنٛز شرعی آشنٕز تہٕ أمی رٕکتھہٕ کنٛز أس سو مٔشر اوٕمٕژ۔ سو أس أمِس نِش بھیس بدلاوِتھ آمٕژ تہٕ تِمِس رٕکتھہٕ کنٛز زاوشبرنگ تہٕ یێلہِ سہٕ بۄڈ گووتہٕ تمہِ رٕکتھہٕ کنٛز مأنٛز رووسہٕ کٔشیرِ ہنٛدِس شأہی دربارس منٛز گرٛٹھن۔ وۄنی سَپُد تہٕ پۄرٕ یہِ تمہِ دوہہ اَمہِ مأکی ہٕنٛدِس باغس منٛز أمِس وۄنمُت اوس یێلہِ تم گوڈِنکہِ پھِرِ پانہٕ وأنی ہٕمکھی۔ ''لڑکہ کرِ مأکی سٕنٛز کورِ ہٕتی کھاندر۔''

أتی تھے تہٕ اَمے وِزِ سَپُد بادشاہَس پننہِ زنانہٕ ہٕتی دُبارٕ صلح تہٕ شبرنگ آو شہزادٕ تسلیم کٔرِتھ تختٕک وأرث مانٕنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ رُوٕ دۄ یم ترٛشوٕ ے وارِیہَن وٕرِ یَن خوش تہٕ خوشحال پأٹھی یکہٕ وٕٹہٕ۔

(راوی: سۄتھ سرینگرٕ کی پنڈت مُکند بایو یمی یہِ ترتیب کارٕ ہٕنٛدِ خأطرٕ سۄمبٕرتھ أنٛز تہٕ یہِ دٔلیل أکِس بُڈٕ ہہلس نِشہِ کرٕ نٛڈی ویٚجہِ بیارِ بۄزمٕژ أس۔)



# لأڈریار

أکِس مقدمَس گیہِ پننہٕ گامہٕ کِس بیٖنِس أکِس نفرَس ٲسۍ سخت یارٕ زِیُس وارٕ وارٕ تیٚنتھ لاڈرشاٮ۪ت سۄد زِ أمی کوٚرتَس نشہِ پانَس تھَچھ تلناوُنک پوٚختہٕ اِرادٕ۔ مگر یہِ اوس وَنُن سَہل گرُن ما، تِکیا زِ یمَن أس پانہٕ واُنۍ قرٟبی دوستی بلیٚہٕ تہٕ تَوے اوسنہٕ یَژھان زِ أمِس گژھہِ دِلَس زیادٕ لگُن تِکیا زِ أمی أسی تمِس پٔنٕنۍ وارِیہہ سرتہٕ وُنۍ متۍ۔

أخرس تہٕ گرأمی یہِ چال: ''بوزسا'' أمی وۄن زنانہِ گُن ''أسی یُتھۍ بَتہٕ ہمو کھیوٚن تہٕ یہِ پیٚیہِ ضرٗور وأتتھ یُتھ زِ أمِس تہِ کھنہٕ خأطرٕ کیٚنہہ بَنہِ۔ بٔہ ینٛرے وُنۍ کَمن اوٗرۍ تہٕ یمہٕ ژٕپری پہَن بَتہٕ کھیٚنہِ۔ ژٕ کھے زِ پانس تہٕ باقۍ ہٕن تھأوی زِ لنٛد گُن تہٕ أمِس وُنۍ زِ اَسہِ موکلوو کھبتھ۔ اگر أمی وۄنۍ ''کیٚنہہ چھنہٕ پرواے، ژٕ رَن مے خأطرٕ کیٚنہہ بدل تہٕ ژٕ وُنۍ زبس زِ بٔہ چھَس نہٕ پننہٕ نس خانہٕ دارٕسنٛدِ اجازتہٕ ورأے یِژھ کانٛہہ نازیبا کأم یژھان کرِنۍ۔ گتھ گری زبس ٹھیک پأٹھۍ مگر کھیوٚن دی زبس نہٕ رٕکھنۍ۔''

ییٚلہِ وۄنۍ یہِ نفر آو زنانہِ کوٚرتِ یہِ تَس خانہٕ دارَن وۄنمُت اوس۔ ''مے خَض دی زبو معأفی'' زنانہِ وۄنُس مقدم خَض چھُ نیٚبرٕ ے تہٕ ہرگاہ سُہ ییٚتہِ آسہِ ہے سُہ مارِ ہے

ضرؤرژٕ ے خاطرٕ کوٗ کرٕ۔"

تٕمی وۄنُس "ژٕ کیازِ چھکھ معاًفی منگان۔ اَدٕ چھُ چون خانہٕ دار اوٗرکٕ بٕہ چھُس ناپیٚتٕ سٕے کیاہ چھُ کوٗ کرٕ مارنس۔"

زنانہِ وۄنُس "نہ۔ ہرگزنہٕ۔ ہرگامیۆن خانہٕ دار یژھ گتھ بوزِتھ گژھہِ نٕ ژکھہِ۔ ژٕمہٕ ہے پانٕس تفریق ژٕ نیرتہٕ یہٕ بیٚہٕ ساعتہٕ ییٚلہِ مقدم پیٚتی آسہِ۔"

مگر یہٕ گتہٕ اوس یۆت سہل پأٹھی تہِ تھٕ تُلَن وول۔ "تفریق" تٕمی وۄنُس "ژٕ ے کٕمی وۄنُے تہٕ۔ بٕہ چھُس پٕزی کٕنی کینٛہہ کأم کرٕنی یژھان۔ کینٛہہ چھُنٕہ بٕہ مارنٕے کوٗ کرٕ تہٕ ژٕ پہوٗتانی دانٕس تہٕ گَرَکھ مٕے خاطرٕ کوٗ کرٕ تیار۔ مقدم ییٚلہِ اورٕ واپس ییٚہٕ تہٕ بٕہ سمجھاوَن سُہ پانٕے" یِی ونان دژاوسہ آنگنس منٛز ییٚتہٕ کوٗ کرٕ اُسی تھاونہٕ آمتی تہٕ یُس اَصَل ہیوٗ کوٗ کرٕ تِمس اَتھس منٛز آوسہ روٗٹن تہٕ دژاو اُمِس مارنہٕ۔"

زنانہِ دِژس کریکھ "ہے۔ مَہ خٕض کرٕ ژٕ یہِ، خانہٕ دار آسہِ پکان سُہ اَنہٕ چانہٕ کھنہٕ خاطرٕ کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ۔" مگر یہٕ گتہٕ گیوٗ پَتھ ہہنٕہ وول تٕمی کوٗ رجلدٕ ے کوٗ کرس کھٕش تہٕ پَتہٕ یہٕ اُمِس زنانہِ کُن پلناوان وۄنُس رَن ژٕ یہِ سٕے خاطرٕ۔ اَمہِ مُشکلہٕ منٛز نیرنَس کانٛہہ وَتھ نہٕ ڈٕہنٛتھ مون اَمہِ زنانہِ اُمی سُنٛدٕ ے مگر یہٕ تیار سپدنہٕ بڑ ونٛہے ووت مقدم۔

"اسلام علیکم" تٕمی وۄن پنٕنہٕ نِس یارس تہٕ اُمِس ستی خأر پأٹھا کُرتھ گوٗ وۆلی ژٕل سولہارِگُن تہٕ پرٕ ژھُن زنانہٕ، ژٕ ے کیاہ کوٗ رُتھ۔ تٕمہِ وۄنُس اورٕ سأئلم کینٛہہ۔

"چلوٹھیک گوٗ" تٕمی وۄنُس "یہِ چھُنہٕ کانٛہہ بوٗڈ معاملہٕ۔ اُمِس تار دِأسی اَز

فِکرِ۔ بوز۔ ییٚلہِ کوٗرُ تیار گژھہِ ژٕ تھاٲوی زِٲمِس وریَہہ کم مگر دی زبس تژ امہٕ بانٛس منٛز۔ باقٕے دی زِمےٚ مگر سُہ تھاٲوی زِ گٔترِ بانٛس منٛز۔"

ییٚلہِ وۄنی کھمِن چٕن تیار سَپُد زنانہِ کوٚریلی۔ مگر یہِ نفرتہٕ پھوٚیمَن پٹھہٕ۔ تمیٚ وُچھ زِمےٚ بڑ ؤنہہ کُن تھوٗو کھ کہےٚ تہٕ ژٔ رٕہن تھاٲوِ کھ مقدمَس بڑ ؤنہہ گنہِ۔ "نہ۔ نہ۔" ژےٚ کیٛاہ باسےٚ ہٕ کھمہِ تژ امہٕ بانٛس منٛز تہٕ ژٕ کھکھ گٔترِ وِس بانٛس؟ سوالےٚ چھنہٕ۔ تہٕ بٹیا۔" یِ ونان ژوٚ تمیٚ مقدم سُنٛد بانہٕ تہٕ اَتھ بدل تھوٗون تژ امہٕ بانہٕ مقدمس بڑ ؤنہہ گنہِ حالانکہِ مقدم اوسُس پٔننہِ کنہِ کیٛاہ کیٛاہ کران۔ مگر تَس آسہِ ہےٚ أندری دَم گوٚمُت۔

یہِ سأبلم وُچھِتھ گٔر مقدمَن زنانہِ کُن نظراتہٕ وۄنُن "کینٛہہ ودوہو پٹھہٕ چھُ اَکھ جِن یَتھ گرس منٛز ژامُت۔ اکہِ دوٚہہِ پھرِ گو وُسہ تیٚمی وَقتہٕ ظاٲہر تہٕ گٔرِن ساری ژامٕنگو ژھبتہٕ۔"

أمی وۄنُس اورٕ "پزی ہا"

زنانہِ روۄٹ اِشارٕ تہٕ اَتھو پیٚٹھی ژھیوٚ روٗون ژونگ۔ اَتہِ گیہِ ساٲری ہےٚ اَنہِ گٹہٕ تہٕ مقدمن پلنو وگٔترِ بانٛس کُن اَتھہٕ یُتھ اَتھ پانٛس کُن اَنہِ ہےٚ مگر أمی ہٕنٛدِس یارِس توٚر یہِ فِکرِ تہٕ بانٛس کھوورِ اَتھہٕ تِھھ گٔرِتھ تُجن بیٚنِس اَتھَس کنٛتھ زٔورتہٕ لوگُن مقدمَس بےٚ وایہِ پأٹھی ماردِیُن۔

"اۄہ۔ اۄہ" مقدم اوس کریکہٕ دِوان۔

زنانہِ دِژِس کریکھ "ہےٚ ژٕ کیٛاہ چھکھ میٲنِس خانہٕ دارَس ستی کران۔"

اورٕ وۄنُس تمیٚ "جِن چھُ میٛون بانہٕ یژھان ژٔوٕرِنیُن" تہٕ یُس تمیٚ جِنہٕ ہأتِژ

روٗٹھُت اوس تَس کُن اوس ونان۔ ''حبس گر۔ حبس گر'' تہٕ اوسُس تیوٗت زور زور ستیٚ دَبادَبا والان یوٗت تَس طاقت اوس۔ اَخرس تہٕ پھُٹ زوٗرٕ ے تہٕ نفرژوٗل درواز نبر مگر پیٚٹھ ہٕن تھوٗن خیال زِ گترِ بانہٕ تُلُن سنٕز ہٕن ہیتھ پانس ستیٚ۔

(راوی: سرینگرُک بسکین اَکھ کھنڈواو)



# بَدخصلت ووٕرموج

اکہِ دوہہٕ تھووأ کر برہمَنَن پننہِ زنانہِ قسم زِمےٚ ورأے أسی زہنہٕ کأنہہ چیز کھوان نتہٕ بنی ژےٚ ژھاوِ ج۔ درجواب وۆنُس برہمَن بایہِ زِمےٚ ورأے أسی زہنہٕ ژتہِ کینٛہہ کھوان ہرگا کھیوٚتھ تیلہِ بنیٚ ہہہ (ژِترِ بزأر)۔ سبٹھاہ وقتا گوزریاوتہٕ کأنٛسہِ أکی پھٹرٕ نہٕ پٔنن لفظ یوٚت تانی اکہِ دوہہ برہمن بایہِ شُربن بتہٕ دِوان پانہٕ تہِ أکس رَژھہِ مزٕ دُچھ تہٕ خانہٕ دارأمہِ وِزِأتہِ اوسُس نہٕ۔ أمی وِزِبنیہِ تَس ژھاوِ ج۔

برہمن ییٚلہِ گرِ ووٚت تہٕ أتہِ وُچھن ژھاوِ ج گرس مزٕ اورِ یورکران تَس سِیٛد سبٹھاہ دوکھ تہٕ کیاز تَس اوس یہِ پتاہ زِیہِ چھےٚ أمی ہنزٕ ے سوٹاٹھ آشنی۔ أمی تھأویہِ ژھاوِ ج گرِ کس صحنس مزٕ گنٛڈتھ تہٕ اوسُس پوٚرٕ خیال تھأوِتھ رَچھان۔

کینٛہہ وٕری پتہٕ کوٚرأمی بیا کھ کھاندر مگر یہِ زنانہٕ أس نہٕ شُربن رٔکھ ہرٕژ۔ تم أسی تَس کھران تہٕ تمن أس رَگ کران تہٕ سبٹھاہ کم أسکھ کھنبس دِوان۔ یہنزٕ ماجہِ بوٚزیٔمن شربن ہنزٕ شکایت تہٕ تَمہِ دُچھ زِیٔم أسی کمزور گرٕ ھان۔ اِو، کنی اوٚنن لوٚت پأٹھ

یَموٗ منٛز اَکھ نادِتھ تہٕ تَس وۆنُن یہِ گتھ باقیٖن تہِ ونہٕ خاطرٕ زِ تیمہِ ساتہٕ تہِ توہہِ بوٗچھ آسوٗ لگان توٚہۍ اَسۍ زبوٚے لورِ ستۍ ہنگین ٹاس ترٛ اوان تہٕ اَمہِ ستۍ آسہِ تِمن خاطرٕ کھین پَتھر پیوان۔ تِم رۆدۍ یِ کران تہٕ وۆنۍ اَسۍ تِم زاوِلی تہٕ کمزور گژھنہٕ بدلہٕ یہِ زَن تِہنٛزٕ ووٚرٕ موج توقع اُس کران رۆدۍ تِم طاقتور تہٕ مضبوٗط بنان۔ سو اُس حارانِ زِ یِم کِتھہٕ کٕنۍ چھِ وٕڑھان تہٕ پوٚژھان ییٚلہِ زَن سویمَن یۆتاہ کم کھین چھےٚ دِوان۔

کینژِ کالۍ زایہِ اُمِس بدخصلت زنانہِ اَکھ کاٗنۍ کوٗر۔ سو اُس اُمِس لولہٕ سان رَچھان تہٕ پرٛتھ رنگہٕ اُمِس وُچھنہٕ داشنہٕ خاطرٕ اُس نہٕ کُنہٕ تہِ قسمچ یا خرچ پَرگی تھاوان۔ دوٚہا ووت زِ یہِ کوٗر گیہِ بڑٛ پہن تہٕ لوٗکن اورِ یورِ پکن تہٕ گتھہٕ کرنہٕ۔ سو سوٗ زماجہِ باقےٚ شُربن ستۍ رِگنڈنہٕ تہٕ بیٚیہٕ وۆننس یہِ گتھ گرِی زِسَرِ زِ یِمَن گتہِ تہٕ کِتھہٕ کٕنۍ چھُ کھینہٕ خاطرٕ کینہہ بنان۔ کورِ کوٚرُن وعدٕ زِ سو کریہِ تہٕ رۆز دوٚہۍ دوٚہَس تِمن ستۍ اُدرٕ زٕٹ ہشِ تہٕ وُچھن تہٕ سائلم یہِ سَپُد۔

ییٚلہِ اَمہِ زنانہِ بوٗز زِ ژھاوِج چھےٚ اُمۍ ہنٛد بن ووٚرٕ شُربن کھین واتناوان تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ کوٚرُن پوٚرٕ پاٹھۍ یہِ قصد زِ یہِ ژھَنَن جلد کھوتہٕ جلد مأرِتھ۔ اَمہِ لوگ بیمار آسنُک ڈانٛب تہٕ انووٗن حکیم۔ اُمِس دِتُن کوٚژھ زِ ژٕ وَن اُمِس چھُ ژھاوجہِ ماز علاج۔ برٛہمَنس لٕج زنانہٕ ہنٛدِ اَمہِ حالچ سخت فکر تہٕ یِد وےٚ تِمس ییٚمہِ گتھہِ باپتھ سخت دوکھ سَپُد زِ تِمس پییہٕ ژھاوِج مارٕنۍ (تہِ کیاز تَس اوس نہٕ اَمہِ وراُےٚ تہٕ چارٕ تِکیاز تِمس اَسۍ نہٕ پئیسہٕ زِ سُہ اَنہِ ہےٚ بدل) مگر تِمۍ دوٗپ زِ کُنہٕ وُنہٕ گژھِم آشنۍ ٹھیک گژھنۍ۔ مگر شُربو ییٚلہِ یہِ بوٗز تِموٚ ہیوٚت وَدُن تہٕ گےٚ پَننہٕ ماجہِ نِشہِ سبٕتھےٚ غمہٕ

ہوٚت وۄنہٕس یہِ سوزُ ے۔

تمہٕ وۄنُکھ "میانوٚ ٹاٹھوٚ۔ توٚہۍ مہٕ ژٕ دِو۔ میانہِ خاطرٕ چھُ تتھہٕ کنۍ زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ مرُنے سبٹھاہ بہتر۔ توٚہۍ مہٕ ژٕ دِو۔ توٚہہِ متعلق تہٕ چھنہٕ مےٚ کانٛہہ خوف۔ توٚہۍ ہرگاہ میانِٛس وَننَس پیٹھ عمل کرِو توٚہہِ میلہِ برابر کھمبن۔ توٚہۍ سوٚمبرأوِکۍ زِ بو میانہِ أڑجہٕ تہٕ ژۄ رِپأٹھی دۄ برأوِکۍ زِ بو کُنہِ جایہِ زمینِس منٛز تہٕ ییمہِ ساعتہٕ تہٕ توٚہہِ زیادٕ بوچھہِ آسہٕ لگان توٚہۍ أسۍ زِ بو توٚتے کرِ ژھان تہٕ کھمبن منگان تہٕ توٚہہِ میلہِ کھمبن۔

اَمہِ ژھاوجہِ دِتۍ عانٛن وَتِس پیٹھ یَمَن ییم ہدایت تِکیازِ تتھے تمہِ ییمہِ گتھہٕ ژٕنتھ موکلاوِتہٕ شُری اَتہِ دڑاے تہٕ پُچ پوٚشرٕ اکھ ہبتھ وأتتھ تہٕ کوٚرُن أمِس کھش۔ أمِس آے پھٔلی کرنہٕ تہٕ رَننہٕ۔ وورٕ ماجہِ کھوٚبہِ مازتہٕ وورٕ شُربن میجہِ أڑجہٕ۔ تموٚ کوٚر یَمَن تی یہِ یَمَن وَننہٕ اوس آمُت تہٕ تتھہٕ کنۍ رۄ دیَمَن دوہے گُتُل کھمباہ میلان۔

ژھاوجہِ ہِنٛدِ مارنہٕ پتہٕ پَتہٕ أس اکہِ دوہہٕ صُحأے ہُمِس زنانہٕ ہنٛز وورٕ کوٚر (تَتھ) کولہِ پیٹھ بُتھ چھلان یوسہٕ تہنٛدِ گرٕی کنۍ پکان أس۔ تِمِس أس نستہٕ وأج یِلٔے پھِن تہٕ گیِس آبَس۔ یہِ وُچھ اکہِ گاڈِ تہٕ تمہِ ژھنۍ یہِ ننٛگأ وِتھ۔ یہِ گاڈٕ ٹ کرِتانۍ نفرٕن تہٕ کِنن یہِ بادشاہ ہِنٛدِس خأنۍ سامانَس۔ یتھ سٕہ أتھ بادشاہَس خاطرٕ رَننہٕ ہے۔ خأنۍ سامانَن یِیلہِ چھلنہٕ خاطرٕ گاڈ پھاسہٕ نأوسہٕ گو وأتھ اند رنستہٕ وأج وُچھتھ سبٹھے حأران۔ تِمۍ کرٕ تُج یہِ تہٕ واتنأوِن بادشاہَس نِش۔ تِمِس گیہِ أتھ منٛز تیژ دلچسپی پأدٕ زِ تِمۍ دیاونأوِ پننہِ مُلکہِ کِس پرٕ بتھ گامَس تہٕ سرِیہِ منٛز یہِ پارٕ ے زِ یِمِس تہٕ کأنٛسہِ نستہٕ وأج آسہِ رأ دۄمرٕ شہٕ دِیِن درخاس۔ کینٛژٕ دۄہۍ پتہٕ دِیُت أمِس کورِ ہِنٛدی بأے بادشاہَس

اطلاع زِیہٕ نستہٕ وأج أس أمی ہٕنٛزِ بینہِ ہٕنٛز تہٕ تَس أس یہٕ اکہِ دوٚہہ رأژ وٕمژ ییلہٕ کولہِ پیٹھ بُتھ أس چھلان۔ بادشاہَن دِیُت حُکم زِیہٕ کوٚر گرٛھہِ مےٚ بڑٕ وٕنٛہہ گن ہٕنٛز۔ سُہ گووأمی سُنٛد مأری موٚنٛد بُتھ تہٕ أمی سُنٛد تُلہٕ تڑٕ اووٗ چھتھ تیوٚت مُتأثر زِ تمی کوٚر أمِس ہٕنٛزٕ کھاندر تہٕ أمی ہٕنٛد بن گرِکمن ہٕنٛدِ خأطرٕ کوٚرُن پژٕ بتھ کاٗنٛہہ چیز میسر۔

(راوی: بٕشو بایوٗ۔ رٕنی وور سرینگر)



# پٔژ یارٕز

اَکھ بادشاہ تہٕ تٔمی سُند وزیرِ اعظم اوس أکِس بڈِس عذابَس منز۔ تمو منزٕ اوس نہٕ کانٔسی نێرُن۔ اَمہِ ہوے تکلیفہٕ کِنز أسی بادشاہ تہٕ وزیر پانہٕ وأنی واریاہ نکھہٕ۔ تم أسی صِرف تمے وِزِ خوش باسان ییلہِ تم اَکھ أکِس نِشہِ آسہٕ ہَن۔ سِبٹھٕے کم أسی تم اَکھ أکِس نِشہِ الگ نظرِ گژھان۔ ییتہِ بادشاہ اوس آسان تتی اوس ضرور وزیر تہٕ آسان تہٕ ییتہِ وزیر آسہِ ہے تتہِ اوس لازمَن بادشاہ تہِ لبنہٕ یِوان۔ اکہِ دوہہ صُبحأے گے تم دوشوَے أکِس جنگلس منز شکار کرنہٕ خأطرٕ ییتہِ تموا کھ گوسأنی نارس برٕ ونھہ کنہِ ژلٹہٕ کوٚٹھ کرِتھ وُچھ تہٕ ظأہر چھُ زِ سُہ اوس پٔوزا کران۔ تٔمی تُجّ نہٕ نظر تہِ ہیوٚ رُکن تہٕ ییٚنہِ کنہِ طٔریقہٕ تہِ گوس نہٕ یمَن لأزِم داریہٕ والین ہُند ظون۔

بادشاہَن وۄن ''وولہٕ أسی کروأمس سِتی کتھ۔ ممکن چھُ یہِ خدادوست ماگرِ سانہِ خأطرٕ کیژھہ'' لہٰذا انمے تم دوشوَے أمس برٕ ونھہ کنہِ تہٕ وٚنی ہَس پٔنٕز زأری۔

گوسأنی وۄ نکھ ''مَہ ہیوٚغم'' سُہ اوس گلہ بوٚن کُنُے تژ اُوِتھ ''مَہ برٕوغم، رٔٹویم زٕ

اثبہٕ۔ اَکھ دِیوأ ٲکِس زنانہِ تہٕ بیٛا کھ دِیوبیٚٹِس تہٕ ۂنیٛو کھ یہِ کھٔنہٕ خأطرٕ پَتہٕ زبوٚیمَن دوشوٕنٕ اَکھا اَکھ نچُو۔

گوسأنِس شُکر یہِ کٔرِتھ آے بادشاہ تہٕ وزیر واپس تہٕ تٔمۍ ہٕنٛدِس ۂنی مِتس پیٚٹھ گٔرکھ عمل نَو رٕتھ تہٕ نَو دوہہ گٔے اداتہٕ یِمَن دوٕن زنانَن زاے زٕ نفیس گبر۔ محل خانَس تہٕ وزیر ہٕنٛدِ گرِ شہرس منٛز تہٕ پوٗرٕ مُلکَس منٛز سپدی یِمَن لٔڑکَن ہٕنٛدِس زٕنٛس پیٚٹھ شأدیانہٕ! برٛہمنَن آے گرٛزٕ روٗ ستےٚ نذرانہِ دِنہٕ، غریب أسی پرٕٛتھ جایہِ کھیٛاونہٕ چاونہٕ یوان تہٕ سأری قیدی آے رہا کرنہٕ۔ یُتھ ہیوٗ وقتا اوسنہٕ زانہہ تہِ اَتھ مُلکس منٛز امہِ برٛوٗنٛہہ واقع سَپُد مُت۔

یہِ زَن عیان چھُ زِ یِمَن بڈٕ بن گرَن ہٕنٛد بن نونہالَن اوس ژھایَن تہٕ گرایَن وُچھنہٕ یوان۔ ییٚلہِ تِم معصوٗم أسی تِمَن آسہٕ واریٛہہ تجربہٕ کاردایہِ وُچھان داشان تہٕ ییٚلہِ تِم ہیچھنس لایق سپدی تہٕ تِمَن آیے سٕتھٕ جان ووستاد تھاونہٕ۔ تِمَن ہر رنگہٕ مہارت داتناونہٕ خأطرٕ آیہِ نہٕ روپیَن یا گنہِ قسمہٕ پرٛگی تھاونہٕ تہٕ یِمَو سہولیژ وٕکنہٕ ہیوٚ چھ یِمَو واریٛہہ کینٛہہ یُتھ زِیم دونَوے عٔلمَس، فنس تہٕ وَلہٕ وِیری منٛز طَیس پیٚٹھ وأتی۔

پَنہٕ نٮ۪ن مالِٮ۪ن ہٕنٛدی پأٹھی روٗز تِمَن تہِ پانہٕ وأنی سخت مالےَ تہٕ اکثر أسی یکوٗوٹہٕ آسان۔ اکہِ دوہہ گٔے تِم أکِس جنٛگلس منٛز یکجا شکارس۔ تِم روٗدی گرٕہن پیٚٹھ کینژَن گانٹَن دوان یوٚت تانٛی شہزادِ سخت تھوٚک تہٕ بیٛیہٕ لٔجس ترٛیش تہٕ ۂتھی گرٕہ پیٚٹھہٕ بوٚن۔ گٔری گنٛڈِ کھ أکِس کُلِس تہٕ شہزادِ بیوٗٹھ تِمَن لرِ ییٚلہِ زَن وزیر زادِ آب ژھانٛڈنہِ دژاو۔ تٔمۍ لٔب جلدٕ ے اَکھ کول۔ شہزادِ گوس مُشتھے تہٕ دژاو اَمیک آگرٕہ

کرنہٕ۔ سُہ پوٚک اَکھ میٖلا ہیوٚیوٚت تانٛ سُہ اَکِس لوکٹِس ناگس نِش ووت یِتہٕ اَکھ خوبصورت پٔری اَکِس بڈِس سہَس ستۍ لرتڑ اوِتھ وُچھ۔ تمۍ وُچھ زِ سہہ اوس پٔری یہٕ کھوژان۔ اَمہِ عجیب نظارٕ ستۍ حأران سپدتھ پھیوٚر سُہ فوراً واپس تہٕ یوٚت تیز دِتھ ہیوٚک تہٕ تیوٚت گو وسُہ شہزادس کُن تہٕ وَنِتھٕ تٔمِس تَس خأطرٕ ترِیشہٕ ہناتہٕ۔

''ژٕ کتہِ اوسکھ ییٚتِس کالس؟ ژےٚ کیاہ چھی یہٕ گوٚمُت؟ کیاہ ڈلیل؟''

شہزادن پرٛژھ وزیرزادس یِیلہِ سُہ اوروٚت۔

وزیرزادن ووٚنُس ''نہ۔ کہنہٕ نہٕ۔''

مگر شہزادن تہِ تٔجِس نہٕ تھٕچھ۔ ''مگر کیاہتانٛ چھُ سپُدمُت۔ مےٚ چھُ چانہِ بُتھہِ تلہٕ باسان۔''

وزیرزادن ووٚنُس ''بایہِ۔ مےٚ وُچھ دُنیاہک سارِوے کھوتہٕ حُسین مخلوٗق تہٕ تٔمِس لرِ اوس اَکھ سہہ یُس اَمِس کھوژان اوس باسان۔ یوٚت اوس اَمِ سندِ حُسنُک طاقت۔''

''ہُہ تہِ چھُسَن یہٕ زنانہٕ وُچھنہٕ یژھان۔ یِکھ مےٚ ستۍ۔ مےٚ نہٕ تَس نِش'' شہزادن ووٚنُس۔

وزیرزادن موٚنُس تہٕ لہذا دژاے تِم دوشوٚے اور کُن تہٕ اَتہِ وُچھکھ سہہ اَمِس پٔری یہٕ ہنٛزِ کھوٚنہِ منٛز کلہٕ تھأوِتھ شوٚنگتھ۔

وزیرزادن ووٚنُس ''مَہ کھوژ۔ یِکھ اَسۍ گرٕہواوٕتُے تہٕ ییٚتِس کالَس سہہ ہنٛدرِ چھُ ژیتِس منٛزانون اَسۍ یہٕ تِلِتھ۔''

تِم دوشوَے گۓ اُمِس نکھہٕ تہٕ وزیرزادن ٹُل سہہ سُند کلہٕ تھوٚ دتہٕ تھوٚوُن یہٕ پٔتھرِس پیٹھ ییٚلہِ زَن شہزادن پُرٕ کی یہٕ اَتھس تھپھ کرِتہٕ ہِیَن سوایتہٕ ٹٕلِتھ۔ وزیرزادٕ رُوٗد اُتی۔

ییٚلہِ سہہ ہِنٛد رِوٗدتھ تہٕ اَتہٕ وُچھن سٕہ وزیرزادس ورأے ژھٕنہٕ تہٕ اُمی وُژن "پُرٕی کیٛاہ سپُد؟"

وزیرزادَن وُنس "سونیہ میأنی یارن۔"

"چأنی یارن؟" سہَن وُنُس "سہٕ چھیا ژےٚ یار تیٚمی ژٕ مرنہٕ خأطرٕ گٔے زٕ ون ترٕ وُوکھ؟ سوے پُرٕ کِنی چون دُشمن قأتل چھُ۔ ژھٕنی پوٚز دوست کرِنہٕ یہٕ۔ بوز مےٚ کُن یہٕ وَنے ژےٚ پزٕ بن یارن ہِنٛز اَکھ دٔلیل:۔"

"دَپان یِم اُسی ترٕ ے یار، اَکھ اوس شہزادٕ، دوٚیِم اوس برٕہمن تہٕ ترٕیِم اوس اَکھ چھان۔ ترٕشوٕنی اُسی خاص صفت۔ شہزادس اُس یہٕ صلاحیت زِ سہٕ اوس کأنٛہہ تہٕ مُشکل تہٕ کرٕ وٗٹھ تنازعہٕ اُنزراوان۔ برٕہمن اوس مورِدس دُبارٕ زِنٛدٕ ہبکان کرِتھ تہٕ چھان اوس ژندن لکرِ ہِیتھ مکانہٕ ہبکان بنأوِتھ یُس مأ لکہِ سِنٛدِس وننس پیٹھ ہوریایور اوس گژھِتھ ہبکان۔

اَکہِ دوہہٕ ژھٕنٛکھ برٕہمن گرِ کِڈِتھ۔ تکیٛازِ تمِس اُس مأ لِس ماجہِ سٕتی کیٛاہتانٛ مُشکری گُمژ ییٚمہِ کِنی سہٕ تمو گرِ کِڈِتھ ژھٕن۔ اَتھ مصیبت کس وقتس منٛز ژھأنٛڈی تمی پنٕنٛ یار تہٕ وُژنکھ سأرُے کینٛہہ تہٕ وُژنکھ مےٚ سٕتی ییِو اَکس دوٗر مُلکس۔ شہزادٕ تہٕ چھانَن دوشوٕ ے مُونُس لہٰذا دٔزٕ اے تِم سأری پکو وٕ ٹے۔ تِم اُسی سٕہ وُنہِ زیادٕ دوٗر روأتی ژتی زِ

شہزادس پیٛو کمہِ تانٛی وجہ کنٛہ رُکُن۔ وۄن گوو ہُم رۄدی بۄ وۄنہہ کُن پکان۔ رٛژھہِ کھنڈٕ دژا او شہزادٕ وُژھہِ سانٛے یُتھ زِ سُہ ہُمن رَٹہِ ہے۔ مگر بدقسمتی کنٛہ لوٗگ سُہ بدل وَتہِ تہٕ لٔبِس نہٕ تٔم۔ سُہ رۄد یہِ وومید ہێتھ بۄ وۄنہہ پکان زِ یہٕ رٔٹکھ تٔم۔ سُہ اوس حٲران زِ تٔم کیاز چھِ یوٗت تیز پکٕان۔ ہیٛارٕ اوس برہمن تہٕ چھان وارٕ وارٕ پکان تہٕ تٔم اُسی حٲران زِ شہزادٕ کیاز رۄد پَتھ یوٗت تانٛی تٔمو یہِ سۄچھ تِ ژٕ کتھے ترٛاو زِ تٔس آسہِ گرِٛیک پھیٛو رمُت تہٕ توے آسہِ واپس محل خانہٕ گوٗمُت۔

پکان پکان ووت شہزادٕ اکِس بڈِس مٲدانس منٛز۔ یَتھ منٛز باگ اکھ بڈ بارٕ تہٕ عالیشان عمارت اُس۔ تٔمی سوٗنچ زِ ییٚتہِ کُس آسہِ روزان۔ یقیناً آسہِ یہِ کانٛہہ آسَن وولے۔ یہٕ گژھہِ تہٕ کرٕ معلوٗم۔ مکانس منٛز اژی تھے دژا یہِ تٔمس اکھ سبٛھاہ خوبصورت زنانہٕ بُتھہِ سبٛھاہ حلیمی سان وۄنُس تٔمہِ ''اَژ اندر'' تہٕ اَتھی سٟتی لوٗگُن وَدُن۔

اَمی پرٛژھُس ''ژٕ کیاز چھکھ وَدان؟

تٔمہِ وۄنُس ''تِکیاز چانہِ جوانی تہٕ حُسنہٕ کنٛہ چھُ مےٚ چون سخت پھیران۔ پننہِ اَن زانٛی کنٛہ گوکھ ژٕ موتہٕ کہِ درواز اَژِتھ۔ وائے! ژےٚ کیاز کوٚرُتھ نہٕ گوڈٕ یتھ سفرس نیرنہٕ بروٗنٛہے معلوٗم؟ ژےٚ اوسُے ناپتاہ زِ ییٚتہِ چھُ راکھشس بسان تیٚمی اَندی پکھی میلہٕ وادن تانٛی پرٛ یتھ کانٛہہ آدم زاد کھیٚتھ چھُ نمُت۔ افسوٗس! افسوٗس! یہٕ کیاہ وَنےٚ ژےٚ! مےٚ چھُ خوف زِ ژےٚ تہٕ ژھنی سُہ کھیٚتھ۔''

شہزادن وۄنُس ''نہ۔ نہ۔ یوٗت مایوٗسی سان مہٕ وَن۔ مہربٲنی کرِتھ وَن مےٚ کیاہ پزِ کرُن۔ یُتھ یہٕ بچتھ ہیکہٕ۔''

"مگر مےٚ چھُنہٕ پۆزۍ پأٹھۍ یہِ پَنُنۍ زِکیٛاہ پزۍ پننہٕ بچنہٕ خاطرٕ گرُن" زنانہ
وۆنُس تہٕ گأس وَدَن ہِکی۔ أخرتہٕ نیوٗسُہ تمہِ مکانَس پٮ۪تہٕ کنہٕ أکِس کمرس منٛزتہٕ تھوون
یہِ تَتہِ أکِس صندوقس منٛز بنٛد۔

"روز وۆنۍ ژھوپہٕ گرِتھ یِیتی یۆت تانۍ بہٕ واپس یِمے۔ پرمیشورٕ چھےٚ
تمہِ وۆنُس۔

راتھ کیٛتھ آو راکھشس واپَس۔ مُشک ییٚز آسنہٕ کنہٕ تۆرتَس فِکرِ زِ یِیتہٕ چھُ
بیا کھ اِنسانا تہِ۔ "ژےٚ ورأے چھُ یِیتہٕ بیا کھ تہِ۔ یہِ کُس چھُ؟ مےٚ وَن ؤلی ؤلی سے
چھےٚ بوچھہِ لٛجمٕژ" تمۍ وۆن۔

زنانہِ وۆنُس درجواب "مےٚ باسان ژٕ چھُکھ نہٕ اَز ٹھیک۔ یۆت کُس یِہ
ہے؟ ژےٚ کتھہٕ پأٹھۍ چھی باسان زِ یۆت ییٚنَس کیٛاہ گرِ کانٛہہ جرات۔ یِیتیک ہے چھُ
پۆرٕ دُنیاہَس منٛز پرٛ بتھ أکِس اَہرِ بہِتھ۔"

یہِ بۆزِتھ بیوٗٹھ راکھشس لوٗتے تہٕ زنانہِ یِیلہِ پننہِ کتھہِ تأثیر زون تس گیہ
ہمت تہٕ لوٗگن أمِس سٟتۍ گنٛدُن تہٕ باقے کتھو علاوٕ پرٛژھنس زِ چانہِ زندگیہ ہنٛد راز کیٛاہ
چھُ۔ تمہِ وۆنُس "ژٕ چھُکھ مےٚ پرٛ بتھ دوہہٕ یِیتی ترٛأوِتھ نیران تہٕ یِیلہِ ژٕ نیران چھُکھ
مےٚ چھُنہٕ یہِ پتہٕ آسان زِ ژٕ گرِ پھیرٕ کھ واپس۔ مےٚ چھُ منٛزۍ وہمہٕ گژھان زِ خبر ژٕ یِکھ
تہِ بییہِ واپس۔ پَتہٕ چھُس سوچان۔ بہٕ کیٛاہ کرٕ؟ بہٕ کۆت گژھہٕ؟ لۆکھ چھِ مےٚ چانہٕ
موٗجُب نفرت کران۔ تِم ہیٚن تہٕ مارَن مےٚ۔ مےٚ وَن تہٕ زِ مےٚ ما چھُ کانٛہہ خطرٕ۔"
راکھشَن وۆنُس "میأنۍ ٹأٹھۍ۔ مہ وَد۔ بہٕ مرٕ نہٕ زِنہے۔ ماسولیہ یِیلہٕ

ژیٚوٗن پیٚیہٕ پھٕڑ ادنہٕ۔ تٔمۍ ہووا اَکس بٔڈس ژیٚنس کٔن یُس اَمہِ عمارٔژ ہِنٛدِس بٔرٛ ونٛٹھی مِس ورنٛڈاہَس تلہٕ اوس۔ مگر یہِ کَس چھُ پتاہ تہٕ سُہ کَریہِ۔ توٚے مَرنہٕ بہٕ۔"

پگہہ کیٚتھ دژاو دوہہ شکۍ پٲٹھۍ راکھشس صُحاٗے تہٕ یام سُہ نظرو ڈوٗل تہٕ زنانہٕ گَیہِ سیٚوٗ دُے تہٕ تژ ووُن شہزادِ یلہٕ تہٕ تَس ووٗنُن تہٕ سائلم یہِ راتس تمہِ بوٗز۔ شہزادِ گووِیہِ سائلم بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش تہٕ ووٗنُن "تیلہِ چھُ یہوے وقت۔ بہٕ ژھٕفَن وٚلی وٚلی یہِ ژیٚوٗن لُہرا اَتھ تہٕ اٲمس بلایہِ نشہِ کرن یہِ علاقہٕ آزاد، یِلی ونان لاگ اَگراَتھ ژیٚنس پوٚلتس پَتھ دَب واٗلنۍ یوٚت تانۍ اَتھ واریہہ چھلہٕ گَیہِ تہٕ زنتہٕ یہِ پزٛبتھ کانٛہہ دَب، راکھشس اوس وَسان۔ تِکیاٰ زِ تَس آسہٕ کریکہٕ ژلان نیرِتھ تہٕ شہزادِ ییلہِ اَتھ دب اوس تژاوان تٔمس اوس اکہِ اکہٕ گرٛشھان۔ اَخرس ییلہِ ژیٚوٗن پتَھر پیو تہٕ اَتھی سٟتۍ پیو راکھشس تہٕ تہٕ ژوٚلُس زُونِرتھ۔

شہزادِ بیوٗٹھ اٲمس خوبصورت زنانہِ سٟتۍ اَتھ شاندار مکانس منٛز تہٕ لُوکھ آے کھیٚچو کھیٚچو راکھشس مارنہٕ خاطرٕ اٲمس مبارکس۔ اَمہِ پتہٕ روٗد اَتھ علاقس منٛز اَمَن تہٕ خوشحاٰلی۔ اَنٛدۍ پکۍ زمین آیہِ دُبارٕ آباد کرنہٕ۔ گام آے دُبارٕ بساونہٕ تہٕ فضہس منٛز پھاٗلیاے دُبارٕ خوٚشی تہٕ پاپر جاٰیلی ہِنٛدۍ نغمہٕ۔ مگر پٕز خوٚشی ماچھےٚ لنٛد بٔتھے ہمیشہِ خاطرٕ پوشان۔

اکہِ دوہہٕ اَس یہِ زنانہٕ اَمہِ مکانہٕ چہِ دارِ پیٚٹھ مستس کنگو والان تہٕ اَتھی منٛز ووٗتھ اَکھ کاوٕ وُپھِ تہٕ نیٚوٗنس سُہ کنگوٗیس تمہِ دارِ داسس پیٚٹھ اوس تھووُمت۔ اَمۍ اَتنووِیہِ سبٹھاہ دوٗرٕ سمندرس تانۍ تہٕ تژ ووُن اَتی۔ اَتہٕ ننگلووِیہِ اکہِ بچہٕ گاڈِیوسہٕ اَکۍ

گاڑ ہائیڑن رٹ۔ گاڑ اصل آسنہٕ کنہٕ آیہ یہِ محل خانہٕ بنہٕ یتھ بادشاہس خاطرٕ تیار یہِ ہے کرنہٕ۔ گاڑ شیرنہٕ وِزِلوٚ بُتھ اَتہِ کنگو۔ وازِس باسیاو یہِ عجیبے تہٕ ہووُن یہِ بادشاہس۔ بادشاہَن ییٚلہِ یہِ کنگو وُچھ تمہِ کٔر بأو زبردست خاہش زِ یہٕ وُچھہَن امیک گوڈنیک مألِک۔ تمہِ سوٗزی پرٕ بتھ طرفہٕ پٔننی خبری یتھ اُمِس زنانہِ لُبتھ انہٕ ہَن تہٕ تمہِ کوٚر یہِ وعدٕ زِ یُس شخص اُمِس زنانہِ مےٚ نِشہِ انہٕ تَس بخشہِ یہٕ اَکھ سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ انعامہٕ۔

کینژہہ کالا گژھتھ لُبھ اکھ زنانہٕ ییمہِ یہِ کنگو پرٕزنوو تہٕ تمہِ کوٚر یہِ وعدٕ زِ تیتھے تَس ممکن سَپد سو کرنا وِ امہِ کنگوچہِ مألکنہِ بادشاہس ستہٕ ملاقات۔ سو گیہِ شاہزادٕ سنزِ آشنہِ نِشہ تہٕ فورٕنے لوٚگن تس نقلی خوشامد کرُن زَن سو تسنزٕ ے اُس۔ اَمہِ کنہٕ ووٗن تَس اَمہِ زِ وولہٕ ژٕ ییٚہہ مےٚ ستہٕ میانہِ گرِ تہٕ اَمہِ تہِ مون۔ ییٚلہِ تمِس باسیاو زِ یوٚت تانی شہزادٕ زِنٛدٕ چھُ توٚت تانی سپدِ نہٕ سو پنہٕ نِس مقصدس منٛز کأمیاب توٚ ے دِیُت تمہِ شاہزادس زہر تہٕ حکیمس دِتُن رُشوت زِ سُہ وَنہٕ یہِ موٗد پانٔے۔ سُہ ییٚلہِ گوٗریاو اُمی سنزِ آشنہِ سپُد انتہائی دوکھ! لُکو زون زِ یتہٕ بَرِ اُتھی ستہٕ۔ تمہِ ترٔاونہٕ اُمی سنز لاش بلکہِ تھاوناوُن یہِ اَکِس مضبوط صندوقس منٛز تہٕ تھووُن یہِ پننہٕ نِس ذأتی کمرس منٛز۔ تمہِ اوس اکثر کھاندارٕ سنٛدٕ بن دوٗن دوستَن متلق بوٗزمُت زِ تمہِ کیاہ اُسی گرِتھ ہبکان۔ سو اُس وومید کران زِ سو وُچھہِ تمَن کُنہِ دوہہٕ تہٕ کرنا وِ پننہٕ نِس خانہٕ دارس دُبارٕ زِنٛدٕ۔

پننہِ گوڈنچہِ فُرصَژ منٛز لَج سو بدخصلت مٔژم یارِنی اُمِس پتہٕ زِ سو نیرِن اَمہِ گرٕ منٛز ییٚتہِ تَس یُتھ بناوتھ آوتہٕ اَتہِ نیرِتھ روٗ زِن سو کینژَس کالس اُمی سنٛدے گرِ اُمِس ستہٕ۔ اَمہِ مون یہِ۔ تیتھے اَمہِ یہِ گرِ واتنأوتہٕ سوٗ زِن بادشاہس نِشہِ نفرتہٕ لوٚت پأٹھی

دِتُن تَس اطلاع زِٔبہ سَپزِس کامیاب۔ امہِ پتہٕ آو بادشاہ تہٕ ٹیٚن یہِ زنانہٕ جبرَن پنٕہ نِس محل خانس منٛز تہٕ وۄنُن تَس ژٕ روز مےٚ ستیٚ مینٛز زنانہٕ بٕنِتھ۔ تَمہِ وۄنُس اِدٕ کیٛاہ۔ مگر کھاندر گژھہِ شیٖیہِ ریٚتیٚ پتےٚ سَپدُن تِکیاہ زِ أمِس چھُ پٔنٕنی مذہبی وَتہٕ ہاوِ کرِی کرنہٕ خاطرٕ وۄنمت۔ بادشاہ گوو أمِ سِندِ لولہٕ کہِ خیالہٕ سٹھاہ خوش تہٕ روٗد بے تأبی سان اَتھ دوہَس پرٛاران۔ تَمۍ بناونو وسرٕ کہِ پیٹھ خاص أمِ سِندِ ے خأطرٕ اَکھ لوکُٹ محل خانہٕ تہٕ أمِس دِتُن اَتہِ کُنے زنہِ روزنک اجازت۔ اَتھ دوران أس یہِ زنانہٕ منگہِ منگ کران تہٕ پنٕہ نِس گُذریمِتِس خانہٕ دارسِندِ بن دوستَن متعلق کانٛہہ شیچھا خبرا بوزنی یژھان۔ سو أس پرٛتھ طرفہٕ معلوٗم کران تہٕ پرٛتھ دوہہٕ أس دارِ پیٹھ نظرِ روزان زِ ئلۍ گن تہِ تم لِیاُرکِ نیرَن۔

اکہِ دوہہٕ وُچھ تَمہِ زٕ نفر یکجا اَتھ مکانَس کُنے یِوان۔ ”تۄہۍ کم چھوٕ تہٕ کتہِ پیٹھ چھوٕ آمتۍ، تَمہِ پرٛژھکھ۔

تَمو وۄنہس ”أسۍ چھہِ وَتہٕ گتہٕ سٹھاہ سفر کٔرِتھ چھہِ یوروأتی مِتۍ۔ اَسہِ چھُ پٔنُن شہزادٕ تہٕ دوست رووُمت تہٕ سُے چھُن پرٛتھ لَنٛدٕ ژھانڈان“۔

تَمہِ وۄنکھ ”أژِ ولَنٛد رتہٕ رَژھ کھنڈ کٔرِ وتھکھ۔ لَنٛد رأژِ وتہٕ مےٚ ژٕنوتَس دوستَس متعلق بیٚیہِ تہِ کینٛہہ یُس تۄہہِ رووُمت چھو۔ بنان چھُ ئہ ماہسکو تۄہہِ سٕہ لبنس منٛز کینٛہہ مدد کٔرِتھ“۔

تَمو وۄنُس ”اَسہِ ہاوتَن زِ شہزادٕ کتہِ چھُ تہٕ أسۍ سپدَو شادمان، اَمہِ کٔنۍ ژاے تم محل خانس منٛز تہٕ أمِس زنانہٕ نِشہِ بٕہِتھ وۄنی ہَس پٔنٕنی سأرِ ے دٔلیل۔

"اصٕل۔ اصٕل" تمہِ وۄن خوٗشی سان، "بہٕ ہیکہ تو ہیہِ وۄنتھ زِ تہٕنٛدِس یارس ستی کیاہ سپُد مگر افسوٗس! سُہ چھُ گژھ رِیامُت۔"

برٛہمنن وۄنُس "تمیُک چھُنہٕ کانٛہہ پرواے۔ بہٕ ہیکہٕ سُہ دُبارٕ زِنٛدٕ کرِتھ۔ شُکر تہٕ لچھ لچھ شُکر زِ اسی واتی ییتھ جایہ! پرمیشور کری نے رُت تہٕ منس منٛز یہ کانٛہہ چھاکھ تہٕ سپدی نے پۄرٕ! اسہِ ہاوتن وۄنی پنٕنِس دوستٕ سنٛز کاے دُبارٕ۔"

تمہِ وۄنُکھ "مگر ٹھہرو، اسہِ پییہِ سائِلم کینٛہہ سبٹھاہ حبسٕ سان کرُن۔ یمہِ مُلکٕچ کِس بادشاہس چھُ میوٗن سخت محبت۔ مےٚ چھےٚ تس پانٕنہٕ ضمانت دِژمٕژ۔ تس ووت میانِس وٕنس پیٹھ وۄنی کھاندرس خاطرٕ اکہٕ پلہٕ شےٚ رٕتھ پرٛاران تہٕ وۄنی ہیوٚتن سُہ دوہہ نکھہٕ واتُن ییلہِ تس بہٕ نٕنی چھُس۔ اسہِ پزِ حبسٕ روزُن تہٕ کیاز بادشاہن چھِ نے اٚندرِ پکرٕ پٕنٕنی مُلازِم تھاوی ییمتی تِمس تتھ متعلق سائِلم کینٛہہ اطلاع چھِ دِوان یہ ییتہٕ سپدان چھُ۔ اتھ چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ شک زِ تس آسہِ تہٕنٛد ییتہٕ آسنُک اطلاع دِنہٕ آمُت۔ اگر کتھٕ کٔنی ہیکو ژٕلتھ؟"

"محترمہ۔ ژٕ مہ کھوژ، چھاٚنن وۄنُس۔ ہرگاہ مےٚ کینٛہہ ژنٛدن لکرٕ انٛتھ دِکھ بہٕ بناوٕ چانہِ خاطرٕ تیُتھ مکانہٕ یُس مالکہٕ سنٛزِ مرضیہِ پیٹھ اورٕ یورٕ جایہ جایہ ہیکہٕ گژھتھ۔"

"سبٹھاہ جان" زنانہِ وۄنُس "بہٕ کرٕ یہِ ژےٚ رکٕژھ حاصل کرنٕچ کوٗشش۔"

امے ساعتہٕ آو اکھ خبری بادشاہٕ سٕندِس محل خانس کُن یییمہِ عنوانہٕ اکھ چِٹھ ہیتھ روانہٕ کرنہٕ "بادشاہ سلامت۔ مےٚ چھُ ژےٚ ستی گٔنڈتھ تہٕ سانہٕ کھاندرُک تارٕیخ

ہیوٚتُن واتُن ۔ژٕنے چھی میوٚن درخاس مہربأنی کٔرِتھ سوزِتہٕ مےٚ تژٕنے ہٕتھ مَن ژندن لٔکرٕ، بادشاہَن کرٕامی وِزِ ٲکرٕ ہنٛز یہِ خاہش پوٗر ۔ییٚلہِ ووٗنی مکانہٕ تیار سَپُد اَمہِ زنانہِ سوٗز بادشاہَس یِیمہِ مضموٗنہٕ بیاکھ چِٹھی۔ ''اے رٕتہِ تہٕ مہربان بادشاہ! ووٗنی ووٗت سون کھاندرُک دوہ۔ ژٕ کرِتہٕ مہربأنی تہٕ یہِ چھی میوٚن درخاس زِ ژٕ دِتہٕ میانہِ زٲمہٕ تہٕ بٲے کاکنہِ کانٛہہ ژیرلأگنہٕ ورأے مےٚ نِش یِنگ اجازت۔ مےٚ چھُ کینٛژن معاملَن منٛز تِہنٛدِ مشوٗرُک ضرورتھ'' بادشاہَن کر یہِ عرضی تہٕ پوٗر۔

تِتھُے یِیم زَنہِ ژندن لٔکرٕ ہِنٛدِس گرٕس منٛز واژٕ یِیٚتہِ یہِ زنانہٕ تہٕ تِسٛندی دوس یِمَن پژاران اَسی تہٕ چھانَن کوٚراَتھ مکانس حُکم زِ اَسہِ واتناو راکھشَس ہِنٛدِس محلس نِش یِیٚتہِ تِم شہزادَس لبہِ ہَن تہٕ پَتہٕ اَتہِ تفریحا کرہَن تہٕ بادشاہ ہِنٛدِ پژٕ بتھ حملہٕ نِشہِ محفوٗظ روزٕ ہَن ۔اَتھی ہتی دژاو مکانہٕ تہٕ تِتھے کِنہِ لوٚت پأٹھی زِ ہُمَن زنانَن تورٕ نہِ فِکری زِ کیاہ چھُ سپدان۔تِمہٕ آسہٕ اَکھ اَکِس ستی کتھاباتھا کران تہٕ اَمہِ مکانکی تعریف کران ییٚلہِ تِمو اچانک پیٚنَن پان موٚمتس راکھشَس ہِنٛدِس خوٗبصورت محل خانس نِش وُچھان ڈیوٗڈھ۔اَتہِ آیہِ برٛہمنس شہزادٕ ہنٛز لاش ہاونہٕ یِیٚتہِ اَمی اَتھ چھٔکرِتھ یہِ واپس زِندٕ کر۔

ووٗنی اَس صرف خوٚشی تہٕ شادمأنی۔شہزادَس آو باقاعدٕ پأٹھی اَمس مأری منٛزِ زنانہِ ستی کھاندر کرنہٕ یَس متعلق یہِ معلوٗم سَپُد زِ سوٗ اَس تِمہِ زمانہٕ سارِوٕے کھوتہٕ طاقتور بادشاہ ہنٛز کوٗرتہٕ تِمی ہِندِ بن دوٚن دوستَن یعنی برٛہمَن تہٕ چھانس آو اَمی ہنٛزِ زٲمہٕ تہٕ بٲے کاکنہِ ستی کھاندر کرنہٕ۔ پَتہٕ روٗدی تِم خوٚشی سان پننہِ پوٗر وأتسہِ راکھشَس ہِنٛدِس محلس منٛز یکوٹہٕ۔

"اے وزیرزادٕ! یہِ ذٔلیل ؤنتھ موکلاوِتھ وۄن ٲسۍ ہَن "دِتہٕ تھٔر لۄکھ یعنے براہمن تہٕ چھانس ہوئی گے دوست۔ ژٕ مَہ وَن شہزادٕ سُنٛد یُس پانس پرٛی ہبتھ گوو تہٕ تٔرٛ وونگھ ژٕ مَہ وَن سٔہ گوو دوس۔ وۄنۍ گوو ژٕ مَرکھنہٕ بہٕ واتناوے نہٕ ژٕنے کانٛہہ آزار۔ نیر گرٛشہ پٔژن گرِ تہٕ روزوارٕ کارٕ۔"

(راوی: بِشو بایو۔ رٕنی وور، سرینگر)



# ترٛےٚ أنٛ

''ہے نارایَنہٕ، کرتم دَیا، سوزتم ہَتھ روپیہٕ تہٕ تموٚ منٛزٕ دِمہٕ بہٕ چانہِ ناوٕ داہ روپیہٕ غرِیَن''

اکہِ دوہہٕ کوٚر اکھ غریب برٛہمَن بازرٕ منٛزٕ پکان پکان دُعا، سہٕ اوس پریشان زِ اَز کتہِ انہِ کھین چَن۔ نارائنس آیہِ اَمس پیٹھ دَیاتہٕ گوس یہِ دُعا بوٗزِتھ۔ برہمنس میچہٕ امی وِزِ یمہٕ روپیہٕ۔ اَمہِ منٛزٕ تھوٚو اَمی اکھ حصہٕ اَکس اَتھس منٛزٕ غریَبن بأگرنہٕ خأطرٕ تیار بہٕ تیارتہٕ باقٕے ہن تھأو اَمی بیٚیس اَتھس منٛزٕ دَجہِ منٛزٕ گنٛڈِتھ۔ اَتھہ منٛزٕ پیوٚتس اکھ اوٗن بچھوٗن بُتھہٕ تہٕ اَمی دِژٕ اَمس داہ روپیہٕ یہِ زَن اَمی دُعاہَس منٛزٕ موٚنگمت اوس۔

پٔتہٕ ہٕش دریادلی وُچھتھ گو یہِ اوٗن حأران تہٕ پرٛژھُن ''ژٕ کیاز دِژتھ مےٚ یمہٕ روپیہٕ؟''

برہمنَن دِتُس جواب ''نارایَن سوزٕ مےٚ وٗنی یتھ شرطس پیٹھ ہَتھ روپیہٕ زِ بہٕ دِمہٕ یموٚ منٛزٕ داہ روپیہٕ تَسنٛدِ ناوٕ کأنٛسہِ غریَبس۔''

أنی وۄنُس ''یٲری کری نَے ۔ تلہٕ ساَمے ہاوسارے روپیہِ مےٚ چھُنہٕ پننہٕ پۆرٕ واٲنسہِ زانہہ تہِ ہتھ روپیہِ یکجاوُ چھمُرٕ ۔ بہٕ وُچھہا أز۔''

برہمنس گووُنہٕ کانہہ تہِ شکھاتہٕ فورَن تھاوُن دَجہِ ہَن نچھوِنس اتھس منز۔ بیقل! ژکہِ اوس سے چورُے زِیہِ کوٚرُن ۔ بلکل تہِ دۄپ اُمے وِزِ أنی زِیمہٕ سارے روپیہِ پچھے میانہِ تہٕ بیٚلہِ یوٚرِ برہمَن اعتراض کوٚرُس تہٕ دِژِن دَجہِ تھِپھ ہُمی تُج پۆرٕ طاقتہٕ سان کریکھ ''ہے بایو مےٚ بچٲوِو۔ مے گرِومدد۔ یہِ چھُ ژۄرتہٕ تہِ سائلم چھُ نِین یژھان یہِ مےٚ چھُ۔ ہے لۆکو ۔ یہِ ژٹیۆن! مے چھُنہٕ پانَس تیۆت طاقت زِ بہٕ ہکَن یہِ رٹِتھ۔'' تَمو دِژِس سارِوے کریکھ ''أمی کیاہ کوٚر؟''

تَمی وۄنُکھ تورِ ''أمی نیہِ مےٚ روپیہِ ۔ وُچھو أمِس چھُو یمہٕ اتھہٕ ہے منز۔ یم چھے کُل نمتھ روپیہِ ۔ وُچھتو تہٕ گنزراٲوِ تو تہٕ اِدِ وُچھتو بہٕ ما چھُس اپُزوَنان۔''

لۆکو رۄٹ یہِ برہمَن تہٕ گنزراٲوکھ یمہٕ روپیہِ تہٕ وُچھکھ زِ یمہٕ آسہٕ برابر تیژھاہ یہِ زَن اۆن وَنان اوس ۔ قدرتی گرِ تَمو أمی ہنز کتھہِ پژھ تہٕ دِژہَس یمہٕ روپیہِ ۔ برہمَن گریاوِ پنٕنِی سخت احتجاج مگر تُسند بیۆٚٹھ نہٕ کانٔسے ۔ تَمی ہنز دٔلیل باسے یہِ تَمن اپٕزے تھُر ہرٕ ۔ لہٰذا دژاوسہٕ اتہٕ، تہٕ یۆت پلُس تیۆت تیز گووسہٕ گرِ گن پکان۔

''ژکو تاہ بیقل چھُکھ زِ ژٔے ہاوتھ أمِس یمہٕ روپیہِ'' یہِ وۄنُس زنانہِ بیٚلہِ تمہٕ بۄز زِ تَس ستی کیاہ اوس سپُد مُت۔ ''ژٔے چھِی ناوُنیس تانِ تہٕ یہِ فِکرِ توٚ رمُت زِ یم أنی کِتیاہ عیار چھِ آسان؟ نیر گژھ وۄنی أمِس نفرس پتے تہٕ رۄز ُس گوٚس زِیہِ گتہِ تھاوِ یمہٕ روپیہِ۔'' برہمَن لوٚب دٔلی دٔلی یہِ اۆن نیچھہِ وُن ۔ سہٕ اوس وارِ وارِ أکِس مسجدِ گن

پکان تہٕ اور وأتتھ ژاوسہ اند رتہٕ بیوٚٹھ پتھر۔ ''یێتہِ چھُنہٕ کانٛہہ'' تِم وۄن دماتھ یہِ پانہٕ ستی۔ وۄں گوو پۄژٕ یقین کرنہٕ خاطرٕ سورٕی اتہِ سأرٕی ہے پٔنہٕ لورِ ستی'' آ۔ یێتہِ چھُنہٕ کانٛہہ، یہِ جاے چھےٚ خألی تہٕ بہٕ چھُس بلکُل محفوٗظ'' تِم وۄن۔ پتہٕ گوو سہ مسجدِ ہندِس أکِس کوٗنس کُن تہٕ ڈأجِن اتھ مێژ أنٛناہش تہٕ تھووُن یہِ ہتھ روپیہِ أکِس کترِ بانٛس منٛز یُس أمی اتہِ ژۄرِاوس تھوومُت ''شُکر خدایس کُن'' تِم وۄن خوٚشی سان ''مےٚ اوس اَز صُبحس صرِف اَکھ ساس روپیہِ مگر وۄنی چھِ مےٚ کاہ شتھ، خدایس کُن شکر تہٕ ثنا!''

برہمَن ییلہِ یمہِ گتھہِ بوزِ سہ گوو خوش۔ تتھےٚ پتھۄن مسجدِ منٛز نبر دژاوسہ ژاو لندرتہٕ فورأنیوٚن اتہِ سہ کتر یو روپیہِ بانے تہٕ واتنوٗن گرٕ۔ اور وأتتھ کرِس زنانہ، تعریف تہٕ وۄنس ''نیر گرشھ ژٕ وۄنی بیٚہہ تہٕ وُچھ زِ یہِ اوٚن کیاہ گرٕ۔ پنہٕ نِنہ ہوشن منٛز روٗزی زِ۔''

برہمَن گوو۔ پۄژٕ دوٚہَس روٗ دسہ أمس بێچھہِ وِنس پتہٕ پتےٚ پکان یوٚت تانٛز سہ بیٚہہ وۄنی مسجدِ منٛز ووت تہٕ یوٚت یہِ نفر دوہد شکی پأٹھی پٔنی کینٛہہ پنہٕ تھاونہِ اوس گوٚمُت یمِ أمس دوٚہَس سیمتی أسی۔

ییلہِ أمی أنٛز یہِ وُچھ زِ کترِ بانہٕ تہٕ اَتھ منٛز موٗجوٗد تِنٛد خزانہٕ چھُ گُم تانٛ نمت تہٕ تِمس سپُد سخت دوکھ۔ تِم ژۄٹ وَچھ تہٕ دِتن بُتھہِ بُتھہِ تہٕ تیوٚت ہے ٹُلن زِملہٕ ژاویہِ وُچھنہٕ خاطرٕ اند رزِ ذٔلیل کیاہ چھےٚ۔ یہِ ملہٕ تہٕ اوس اوٗنے تہٕ بڈٕ نبٹھہٕ۔

''ژٕ کیاہ یہِ کران؟'' تِم پرژھُس ''ہمسایہ تہِ چھُکھ پریشان کران تہٕ یتھ

جایہِ پاکس تہٕ چھُکھ توہین کران'' نیر گڈھ ییتہِ دفا۔ ژٕ اَنگھ اَسہِ سارنے مسجدِ سان زوال۔ نیر ییتہِ پھٹاپھٹ نتہٕ اَنےٚ بہٕ لوٗکھ تہٕ پتہٕ تارنے تم فکرِ۔''

بچھہٕ وٕنی دِژٕس اور کربکھ ''ہتہٕ حضٕ جناب۔ مےٚ یہِ کینژھا اوس تہٕ حضٕ چھُہم ژوٗ رِیمت۔ کُس تانی ژور حضٕ چھُ یور آمُت تہٕ میأنی سأری پنسہٕ چھِن نِمتی۔ بہٕ کیاہ کرٕ؟ کیاہ حضٕ کرٕ؟''

''ژٕ چھُکھ نیوٗلے بیقل''ملن ووٗنُس ''کرہِ شور بند تہٕ بہٕ وُنہہ کُن خاطرٕ روز بچھٕتھ۔ یہِ چھا کُنہِ بوٗ زمُت زِ کانُہہ نفر کیاہ تھاوِ کاہ شتھ روپیہ اَکس گترٕ ژٕ دِس تژٕھہِ جایہِ یاو نو مسجدِ منٛز ژوٗ رِیوٚت دٕ ہی دوہس سارنے ہُنٛدِ ین گژھُن چھُ آسان۔ ہرگا ژےٚ تہِ تی آسہِ ہتھ کوٚرمُت یہِ مےٚ چھُ کوٚرمُت یہِ سپِد ہے نہٕ زانُہہ ژےٚ ستی۔''

غریب بچھہٕ وٕنی ووٗنُس ''ژےٚ کیاہ چھُتھ کوٚرمُت؟''

'بوز یور کُن' ووٗنُس اَمی ملن ''مےٚ چھےٚ اَکھ بڈ کھوٚکھر لوٗ ریتھ منٛز بہٕ ہٕز سأری پنسہٕ چھُس تھاوان۔ یہِ لور چھےٚ مےٚ ہر ساعتہٕ ستی روزان۔ وُچھ۔ یتیکیاہ چھےٚ یہِ تہٕ اَمی لأج یہِ بچھہٕ وٕنی ہِندِس کھورس ستی۔ نیر تہٕ گژھ اَن پانس۔ کژھ یژٕھے لوٗرہٕ پتہٕ روٗزی نہٕ ژےٚ پنہٕ ننہٕ پنٛسن ہُنٛدِ (راونٛک) کانُہہ خوف۔'' یہِ بوٗ زِتھ روٗد بڈہ ہمن پۄرِ حبسہٕ سان اَمِس اَنِس ملس اَمی سنٛز روپیہ تہٕ حاصِل کرنچہ وومیژ منٛز گوس۔ اَمی اَنی اَکھ بڈ کھوٚکھر لوٗ راژٕنتھ۔ اکہِ پلہِ ترٛژھے یژھ ملس اُس تہٕ تیتھُے اَمِس موقعہٕ آو تہٕ اَمی بدلاو اَمِس لوٗرے۔ ملہٕ اوس ہمیشہِ لوٗر تمہِ ساتہٕ زمینس منٛز رُوٹتھ تھاوان۔ یلہ

سہ نماز اوس پران۔ تہٕ سہ اوس بار بار نماز پرأنی لہذا پوٗنہٕ برہمنس تہٕ اَمہٕ خاطرٕ زیادٕ وقتس پرارٕن۔ أمی ہٕنٛزِ زنانہٕ ییٚلہِ یہِ بوٗزٕ زِ أمی کیٛاہ اوس ووٗنی کوٗرمُت تہٕ ییٚہٕ وُچھن تِمہٕ روپیہ بوٗد ریٛمہٕ أمی پانس آسہٕ اَنہٕ مژٕ تہٕ گرِینس تعریف۔ گوٗڈٕ ژٕ ییٚہٕ ''تِمہٕ ووٗنس ''تہٕ وُچھ یہِ مَلہٕ کیٛاہ کرِ''۔ ٹلوکمن تہٕ ژٕ ےییٚہٕ تہٕ کانٛہہ خزانہٕ اتھہٕ لگی۔

برہمَن کوٗرِ یی تہٕ تِمی وُچھ یہِ بڈٕ مَلہٕ بیٚنِس أنِس مَلَس نِش ہیتھ تہٕ پَنہٕ نِس اَتھ بڈِس نقصانس پیٹھ لہرِ ودان۔

أمی أنی مَلَن ووٗنُس '' ژٕ ے دِوَتھ وٕنِی۔ اَمہٕ بیوقوفی خاطرٕ۔ بوزٕ بہٕ وَنے زِ بٕہ کیٛاہ چھُس پَنہٕ نٮ۪ن روپیَن کران۔ بٕہ چھُس پَنٕنہٕ سارے روپیہ پَنہٕ نٮ۪ن پلون منٛز سُوتھ تھاوان۔ سہ کُس ہیکہٕ یِمَن ہتھ؟ میأنی چھےٚ نصیحت زِ ژٕ تہٕ أسی زِ یی کران۔''

ییٚلہِ برہمَن یِمہٕ کتھہٕ بوزٕ تہٕ سہ گو وتہٕ اوٗنُن تُلرِ بوسان اَکھ مانٛچھ تُلرِ بن ہُنٛد مہال تہٕ یہِ تھوٗوُن أکِس بڈِس مرتبانس ژٕ کِس تل تہٕ پیٹھہٕ تر ووٗنس مانٛچھک موٗٹ پوٗٹ۔ ''اَہا۔ ہا! ییٚمہٕ ہٕنٛدی کیٛاہ کھوٗژِ سہ۔'' تِمی ووٗن یام سہ مُسلمان لاگتھ أمس دوٗہمس مَلہٕ سُندِ کُن پکان اوس یتھ سہ تِمس یہِ مانٛچھ برٕتھ مرتبان ڈالہِ رٕنگی پیش کرِ ہے۔

مَلہٕ سَپُد یہِ ڈالی رٕٹتھ بڈٕ خوش تہٕ کوٗرُنس دعایہٕ خأرا۔ اَمہٕ پتہٕ درٛاو لتہٕ برہمَن۔ مگر سہ پوٗک ہنٕہ اَتہٕ زیادٕ دوٗر تِکیٛا زِ سہ اوس أتھی گرٕ ہے نگھہٕ توٗت تانی روزُن یژھان یوٗت تانی مَلہٕ اَمہٕ منٛزٕ مانٛچھ موکلاوِ ہے۔

تِتھے یہِ نفر درٛاو تہٕ مَلَن لوٗگ اَمہٕ منٛزٕ مانٛچھ کڈُن تہٕ یہِ لوکٹٮ۪ن بانَن برُن

تِکیا زِ سہ اوس نہٕ یژھان زِ کانٛہہ گوٚژھ وُچھُن تَس نِش اکی ساعتہٕ پتہٕ ژوٗر راچھ
تمی بُرٕی اَکھ زِ لوٗ کڑٕ بانہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ لوٗگُن مہال وۄ نِژھرُن۔ یُتھ زَن اَمہِ منٛز سایٖلم ماچھ
نیٖرِ ہے۔ تُلرٕ بن گیہِ اَمہِ سٟتۍ زبردست تھوتھ تہٕ آیہِ اَمہِ منٛز نیٖرِ تھ تہٕ لوگُکھ یہِ پھُن۔
سہ اوس اورٕ یورٕ دَوان تہٕ پانس وامان تہٕ ژٕنجہِ دِوان۔ مگر تُلرٕ بوٗ تُجس نہٕ تھوٗ
تمَن آونہٕ کانٛہہ عارا۔ وۄن کیاہ گرِ ہے سہ۔ اَمی اَنٛی مَلَن ژھُن پَتُن چوغہٕ کڈتھ تہٕ
دِتُن اَکتھ کُن دأرِتھ۔ پتہٕ سیٚد یاوسہ مکانس اندر تہٕ تُلرِ دۄ ریٛیس پتے۔ سو بچورَر ہے
تُلرٕ ٹوپوٚستی اگر نَے تمی سٟنٛز زنانہٕ اَکھ موٚٹ تُلہٕ کُلی لَنٛڈ ہیتھ وأتتھ پیٚیہ ہے تہٕ تمن
ژٕلراوِ ہے۔

ہُپأرٕ اوس بٔرہمَنَن اَمی سُند چوغہٕ نِمُت۔ اور وأتتھ کُرِس زنانہٕ تیٚتۍ تعریف
پیٚتۍ کرِ نہٕ زانٛہہ اَسی نَس کُری مٟتۍ۔ ''اَسی چھِ وۄنی سیٹھاہ امیٖر'' تمہِ وۄنُس ''تہٕ وۄنی چھنہٕ
اَسہِ سارے وأنسہِ بیٚیہِ کُنہِ چیٖزُک ضرورَتھ۔''
مَلَس ییٚلہِ ٹوپَن ہنٛزِ دَگہِ ہنا فرق گیہِ تہٕ نیٚنٛیاس زِ اَمی سُند مولُل چوغہٕ
اوسُکھ ژوٗرِ نِمُت۔ سہ سپُد سخت پریشان۔ سہ گو وتہٕ وۄنُن پَتُن یہِ سایٖلم گُدرُن ہمس
بیٚیس اَنِس مَلَس۔ پتہٕ گٔے دۄنوَے تہٕ وۄنُکھ اَنِس بیٚچھہٕ وِنس۔ کینٛہہ کالٕی سکھرے تہٕ
گٔے بادشاہَس نِش تہٕ وۄنہَس زِ ژوٗرَس گژھہِ سخت سزا دِنہٕ یِنۍ۔
بادشاہَن بوٗز یہِ سورُے بڑٕ توجہ سان تہٕ یِہنٛزِ ن ڈٟلیلَن منٛز گیس سیٹھاہ دلچسپی
پأدٕ۔ تَس گیہِ زبردست خأہِش یہِ زانٛنچ زِ یہِ گُس بلایہِ ہُنٛد چالاک گژھہِ اَمُن تیٖمہ یمَن
بلایَن تہٕ تأرٕ۔ تمی دیٚیا وناوٕ نگارَس پیٹھ پوٚرٕ شہرَس پارَے زِ تیٖمی تہٕ یہِ کوٚر سہ کُرن

أمیُک اقرار تہٕ تِمس میلہِ بادشاہٕ سِندِ طرفہٕ سیوٗ دُے معافی تہٕ بیٚیہٕ بیٚیس بڈٕ بوٗڈ انعامہٕ دِنہٕ۔

اِہ کٔنی گوو برہمن تہٕ ووٗنُن سائلم کیٚنہہ بادشاہَس تہٕ بادشاہَن ووٗنُس ''شاباش۔ مگر یہِ وَنِتم زِیہِ سائلم کوٗر تھاٹرے پائے کٔنہٕ بیٚیہٕ کانٔسہِ ہیچھنووکھ؟''

''جناب۔ یہِ کوٗرمے زنانہِ ہنٛدِس وَنٛنس پیٹھ۔ تمہِ ووٗن تہٕ مے کوٗر'' برہمَن ووٗنُس درجواب۔

بادشاہَن دِتُس واریہہ تحفہٕ تہٕ ووٗنس ''تیلہِ گووجان'' تہٕ کوٗرُن رخصت۔

(راوی: بِشورام۔ بانہٕ محلہٕ، سرینگر)



# سائلم أکۍ سۍ پٔنسس

کٔشیرِ منز اوس اَکھ دولتمند تأجرٕس سبٹھٕے بیٚقل تہٕ نادان نیٚچُو اوس۔ یُدوَے زَن تَس سبٹھٕے جان ووستاد تہٕ تھأوِکھ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ ہیوٚ چھنہٕ أمۍ کہنۍ۔ سُہ اوس بلکل لاپروا، بے کار تہٕ موٚنٛڈ ییٚمہِ کِنۍ تِمس وٕنۍ وٕنۍ تہٕ کٔنۍ پٔتۍ اوس گرٕ ھان۔ سُہ اوس صرف وقتا ضایع کران۔ یہِ چھےٚ سیٚزٕے کتھا زِ وارٕ وارٕ ہیوٚتُن یہِ مأرلس کھرُن مگر قدرتی کتھا چھےٚ زِ أمۍ سٕنٛز موج أس أمۍ سٕنٛدِس رٕژرَسٕے ووٚمیدوار اِو کِنۍ أس أمِس ہمیشہٕ (اترٕبن) ڈٕج وَلان۔

ییٚلہِ ووٚنۍ یہِ لڑکہٕ کھاندرچہِ وأنسہِ ووت أمۍ سٕنٛزِ ماجہِ لوگ تأجرٕس زارٕ پارٕ کرُن زِ سُہ ژھأنٛڈۍ تَن أمِس رِکہ مُنأسِب زنانہٕ۔ مگر تأجر اوس پنٕنہِ جایہِ شرمندٕ تہٕ ییٚمہِ کتھہِ خأطرٕ دوکھہٕ ہوٚت زِ سُہ کیٛاہ ہیکہِ ہے پننہٕ نِس أمِس احمق نیٚچوِس متعلق کأنٛسہِ کیٛنٛہہ وٕنِتھ یا پانہٕ گرِتھ توَے اوسُن پانس ستۍ یہِ پوٗرٕ فأصلہٕ کوٚرمُت زِ سُہ گرِنہٕ أمِس کھاندر۔ مگر ماجہِ اوسُس اَتھ پیٹھ دِل گوٚنٛڈمُت۔ سو أس وٕری یہِ وادو پیٹھہٕ اَتھ پٕژراران۔ لڑکہٕ ہمیشہِ انہورٕ ے تھاوُن چھُ بڈٕ خجالت تہٕ بییٚہ چھنہٕ یہِ کُنہِ مذہبس یا

رسمس منز۔ سوٗ اُس نہٕ کُنہِ تہٕ قمتس پیٹھ اَتھ کتھہِ پیٹھ راضی۔ تمہِ لاگ یچھوٚی ہنٛدِ طرفہٕ باپتھ بہانہٕ وَنٛنۍ۔ سوٗ اُس ہیٚ نہٕ پژٕ یہِ ظاہر کران زِ مےٚ وُچھ اُمس منز غارمعموٗلی دلنایی تہٕ چالاکی ہنٛدی گون۔ تتھوٚ کلاموٚ اوس سوداگرس صرف شرارتس ہُر بر سپدان تہٕ اکہِ دوہہٕ ییلہِ سو نیچوٚی سُند تھکناوان اُس تہٕ ووٚننس یورٕ "یوٗگن بوز۔ مےٚ ووٗت ووٗنی یہِ وار یہہ کال بوزان مگر اکہِ پھرِ تہٕ کوٚر نہٕ اُمی یہِ ثابت۔ یہٕ کتھہٕ پاٹھی مانہٕ زِ اَتھ منز چھےٚ کانہہ سرسایا تہٕ حقیقت۔ ماجن چھےٚ اُچھن پٹ دِتھ آسان۔ ووٗں گوو چانہِ خاطرٕ گرِ یہٕ اُمس بے وقوفس بیا کھ ازمائیش۔ اُنن سُہ تہٕ دِس یم ترٛےٚ پئسہٕ۔ اُمس وَن بازر گژھ تہٕ اَکس پئسس اُنی زِ پانس خاطرٕ کینژھا، دوٚیم ژھنۍ زِ دٔریاوس تہٕ یُس پئسہٕ بچی تتھ اُنی زِ کم از کم پانژھ چیز۔ کینژھا کھنہٕ خاطرٕ، کینژھا چینہٕ خاطرٕ، کینژھا تُرکنہٕ باپتھ، کینژھا باغس وَونہٕ خاطرٕ تہٕ بییہٕ کینژھا گاوہنٛدِ کھنہٕ باپتھ۔"

زنانہٕ کوٚر ریلی تہٕ لڑکہ وژاو۔

سُہ گوو بازر تہٕ اَکس پئسس اوٚنن پانس کیٚتھ کینژھا تہٕ کھیوٚن سُہ۔ پتہٕ ووت سُہ دٔریاوَس پیٹھ تہٕ تیاراوس پئسہٕ آبس منز دٲرِتھ دِنس زاچانک آس خیال زِ یہِ گو وفضوٗل تہٕ چھُ پانسے سام ہوان۔ "اَمہِ تلہٕ کیاہ نیرِ۔" تمی ووٚن بڈ ہتہٕ "ہرگاہ یہِ پئسہٕ آبس ترٛاوِ مےٚ نِشہِ روزِ پتہٕ اَکے۔۔ مےٚ کیاہ ییہِ اَکس پئسس۔ کھیوٚن کیٚتھ، چوٚن کیٚتھ تہٕ بییہٕ تم سارٕی چیز یم مےٚ ماجہِ وُنی؟ مگر ہرگانہٕ یہٕ یہِ پئسہٕ آبس ترٛاوِ تیلہٕ چھنہٕ سو وفا دٲری۔"

أکۍ ہنٛز اَتھ خودکلاًمی دوران دژ ایہِ لپأرکۍ أکِس کھارِ ہنٛز کوٗرتہٕ أکۍ
پریشان حُلیہِ وُچھِتھ پرٛژھنَس زِ ذٔلیل کیٛاہ چھےٚ۔ أمۍ وۄنُس یورِ تہٕ سألم
وۄنمُت اوسُس مگر تِمِس اوس تسُنٛد یہِ مانُن تہِ بیقلاًزی باسان۔ مگر أخر گرٕ
کیٛاہ؟ سُہ اوسنہٕ ماجہِ ہنٛز کتھ تہٕ پھرِ نۍ یژھان۔
"بٕہ وَنے ژےٚ" تمہٕ وۄنُس "گرٕ ھ تہٕ اَن أکِس پنٛنِس ہنٛد
بیٛا کھ تھاوِ پنٛنِ نِس چنٛدس منٛز۔ آبس مَہ تر اوہنٛدِ وہندس منٛز چھِ تم پانژِوےٚ
ژےٚ ضرورتھ چھی۔ گرٕ ھ اَن اَکھ تہٕ پنٛنِ ماجہِ تہٕ سو گرٕ ھی ژےٚ خوش۔"
لڑکن کوٚر یی۔

یێلہِ سوداگرِ ہنٛز زنانہِ پنٛنِس نیچوی ہنٛز دانأیی وُچھ سو سپٕز پرٛنہٕ پێٹھی خوش۔
تَس باسیاو سُہ پزٕ کنہٕ سبٹھے دانا۔ یێلہِ تَس خانہٕ دار آو تمہٕ وۄن تِمِس "وُچھ۔ یہ
سأنِس نیچوی ہنٛز کأم۔" ہبد وبند وُچھِتھ گو وتاجر حأران تہٕ وۄننس "مےٚ چھنہٕ
بیہان زِ أمۍ کیٛاہ چھےٚ یہِ کأم پنٛنہِ عقلہِ کرمٕژ۔ تیوٚت کتہِ چھُ أمِس دِمباغ۔ کرِ تأ
یہِ پچھنو ومُت۔" تہٕ پتہٕ نیچوٚس کُن پھیرتھ پرٛژھنَس "ژےٚ کمۍ وۄننےٚ یہِ کرُن؟"
لڑکن وۄن "اکہِ کھارِ کورِ۔"

تأجرَن وۄن زنانہِ "وُچھتھا۔ مےٚ وَنیا مَے نا یہِ چھنہٕ أمِس بیقلہٕ ہنٛز کأم۔
خأرکرُوس کھاندر۔ تہٕ ہرگاٹِز مانگھ تہٕ یہِ یێژھہِ۔ تہٕ تیلہِ أکۍ ہےٚ کھارِ کورِ تہٕ تیمہِ
أمِس نسبت دلچسپی ہأوتہٕ سبٹھاہ گاٹٕج چھےٚ باسان۔"
زنانہِ وۄنُس "آ۔آ۔ اَمہِ کھوتہٕ چھنہٕ جان کینٛہہ۔"

اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ دۄ ہ گوو تاجر کھارٕ سُنٛد گرٕ تہٕ وُچھن سو کوٗر ییمہٕ اَکی ہنٛدِس نیچِوِس مدداوس کوٚرمُت۔ اَمی پرٕژھُس ''ژٕ چھکھا گنٛی زٕنی۔''

''آ'' توٚرِ میوٗلُس جواب۔

''مول موج کتہٕ چھی؟''

تمہِ وۄنُس ''میوٗن مول چھُ اَکِس ہارِ اَکھ لال اَننہٕ گوٚمُت تہٕ میٲنٛی موج چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ کِننہٕ گمٕژ۔ مگر تم دۄ ہ نوٚے واتن وُنی واپس۔ توٚہی ٹھہرِ اَو وقدم یوٚت تانٛی تم ییٚن۔''

''چلو تہٕ چھُ ٹھیک'' اَمِس کوٗرِ ہنٛز ییمہٕ کتھہٕ ہوٗژِتھ اوس یہ تاجر ژٕ بن تہٕ ژٕ واہن منٛز تہٕ ووٚنُن ''کیاہ ووٚنُتھ ژےٚ کوٚت چھِ چون مول موج گمِتۍ۔''

''میوٗن مول چھُ اَکِس ہارِ اَکھ لال اَننہٕ گوٚمُت۔ مطلب یہ چھُ ژٕ اَنٛکِس خاطرٕ تیل اَننہٕ گوٚمُت۔ تہٕ میٲنٛی موج چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ کِننہٕ گمٕژ یعنے سو چھےٚ کُمِس تام منٛزِم یارٕ زکرنہٕ گمٕژ۔

تاجر گوو کوٗرِ ہنٛز دلنٲیی وُچھِتھ حٲران مگر تمۍ ووٚن نہ کہنٛہہ۔

اَتھی منٛز پیوٚ کھار تہٕ تہٕ تمۍ کۍ ہنٛز زنانہٕ تہٕ وٲتِتھ۔ تم سٟدی اَمِس بڑِس تہٕ دولتمند اہیر ہنٛدِ یِہنٛدِس غریب گرِس منٛز وُچھِتھ حٲران۔ اَمِس سۭبٹھے احترامہ سان سلامخاٲر پاٹھا کرِتھ پرٕژھہس ''توہہ کتھہٕ کِنۍ بخشوسٲنٛس گرِس عزت۔'' تمۍ ووٚنُکھ زِ یہ چھُس پننہٕ نِس نیچِوِس خاطرٕ توہہ کوٗرِ مانگیہ آمُت۔ تموٚ تہٕ دِتُس فوٗرن اقرار۔ کھاندرٕ خاطرٕ آےٚ دوہ گنٛڈنہٕ تہٕ تاجر آو واپس گرٕ۔

تِمَو وۄن زنانہِ "یہِ گووز برزِ تِمَو مون یہِ رِشتہٕ تہٕ دوہہ تہِ گنڈی"۔

پٔژ بتھ طرفہِ پھاکیہِ یہِ خبرتہٕ لۆکولاجہِ پانہٕ واُنی گتھہٕ گرِ نہٕ زِ اُمی تاجرن کتھہٕ کنی کۆرپنہٕ نِس نیچوس تِتھس اَکس گرس منزٕ یُس یہنٛدِ کھوتہٕ سبٹھہٕ پَس پایہِ چھُ۔ کینژَن ٹلی بیگن آوۄت اَزرۄن زِ تِمَو لوگ تاجر سٕندِس لٔڑکس اُمس کورِ ہُنٛد منافقت گرُن۔ تِمَو وۄن اُمس زِ ژٕ دِکورِ ماٲلس دھمکی زِ ہرگاہ سُہ یہِ رشتہٕ کرنس پتھ قایم روٗدتہٕ پزٕ یہِ کھاندر سپُد سُہ آسہِ اُمس کورِ دوہس منز سَتہِ پھِرِ پاٲزار دِوان۔ تِمَو سۆچ زِ بیٚلہِ کھاریہِ گتھ بوزِ سُہ کھوژِتہٕ ژٹہِ یہِ رشتہٕ۔ "تہِ گرِتھ تہِ" تِمَو وۆنہس بیٚنہِ "ہرگاہ شخص کھۆژنہٕ تہٕ کھاندر سپُد تہٕ پتہِ گژھِ چانہِ خاطرِ جان زِ ژٕ اگر زنانہٕ سٍتی یہوے وۄہار گوڈٕ گوڈٕ کرَکھ۔ اَمہِ سٍتی روٗزی ژٕے سواتھس تل تہٕ زنہٕ دِیی نہٕ کانٛہہ تکلیف۔"

اُمس فاترس باسیاوِ یہِ چھُ پزٕے اَکھ جان منصوٗبہٕ تہٕ کۆرُن بلکل یی۔

کھارسپُد بڑ پریشان تِتھے تِمَو کۆرُ چھُ تِمَو وۄن تَس یہِ زَن سودا گرزاوٕن اُمس وۄنمُت اوس تہٕ دۄپُنس ژٕھن اُمس بلاے "اَمہِ کھوتہٕ چھُے بہتر کھاندرٕے نہٕ کرُن زِ ژٕ کرَکھ تِتھس شخصس سٍتی یُس ژٕے ہۄنس نتہٕ ژۄرِ سِنٛز ہش نظر کری۔"

"بپا۔ مہ گژھ پریشان۔" تِمہِ وۄنُس "ژٕ کہِ چھُ سُہ کموتانی تلُمت یتھ سُہ ژٕے نِش آوتہٕ وۄنُنے ژٕے یہِ۔ مگر ژٕ مہ ہے غم۔ تہِ سپدِ نہٕ زنہٕ۔ انسان یہِ ونان چھُ ضرۄری چھُنہٕ سُہ آسہِ تی کران۔ ژٕ مہ بَرمیوٗن پرواے۔ یہِ سُہ ونان چھُ تہٕ گوھہِ نہٕ زانٛہہ۔"

پَنہٕ نِس تارتخس پتھ سپُد کھاندر تہٕ نصف راتٕ ژ کیٚتھ وۄتھ مہراز۔ تِمَو سۆنچ زِ

زنانہٕ چھِم مژٕ ہِندِ رِتٕمی ژُل پأزار تہٕ ہیوٚتُن اُمس والُن تہٕ اَمہِ مُوراوِ اُچھ۔ تَمہِ ووٚنُس "یہِ مہ کر۔ کھاندرٕ کہِ گوڈٕ نِکے دوہہ ژٕرٕنی چھےٚ بدشگوٗنی۔ تہٕ ہرگاہ ژٕ پگہہ یِی تہٕ یژھکھ ژٕ ہبکِکھ مےٚ لأگتھ۔ مگر اَز کرونہٕ اَسی لڑاے۔" دوٚیمہِ شبہٕ ژُل بیٚیہ مہراژن پأزار اُمس ٹاپوٗنہٕ خأطرٕ مگر تَمہِ کوٚرُس پتھ روزنہٕ خأطرٕ زارٕ پارٕ تہٕ ووٚنُس "یہِ چھُ بدشگوٗن ژِ ہرگاہ بأژُستہٕ نے دوہَن منز یانہٕ وأنی لڑایہِ وان لاگُن۔ مےٚ چھُ پتاہ ژٕ چھُکھ داناتہٕ ژٕ بوزَکھ میأنی کتھ۔ ژٕ ژھوٚٹراوتانی یہِ گتھ اُتھن دوہَن تہٕ پتہٕ یوٗت ژٕ ے خوش گوٗھی تیوٗت لاے مےٚ۔" اُمی مأنی یہِ کتھ تہٕ لوٚیُن کھورنہٕ اَکس اندس کُن۔ ستَمہِ دوہہ گیہِ زنانہٕ مالیُن یہِ زَن مسلمان گرَن منز بیٚیہِ رَسم چھُ۔

"اوٚ ہو!" ووٚن اُمس جوانس دو ـ یِیلہِ سمکھیاس۔ "گو وتَمہِ نیوٗنکھ ژٕ زِپیٚتھ۔ ہاے کوتاہ احمق چھُکھ ژٕ! اَسہِ اوس پتاہ زِ اَتھ گژھہِ یی۔"

اَتھی منز اَس بایأری سٟتۍ زنانہٕ پنہٕ نِس نیٚچوی سٟندِس مُستقبلس متعلق سوچان۔ تَمہِ سوٗچ زِ یہوے اوس وقت زِ سُہ سپدِ پنہٕ نِن کوٗھبن پیٹھ استادٕ۔ اَمہِ کَنۍ ووٚنُن خانہٕ دارس "ژٕ دِ اُمس کینٛہہ سوداگری ہُنٛد مال تہٕ یہِ نیرِن سفرس۔"

سوداگرَن ووٚنُس "ہرگزنہٕ" اُمس اَتھس منز پٟسہٕ دِنی گیٚیم کولہِ ژٕھنٛنۍ۔ یہِ ژٕلہِ تَمن دِہ۔"

زنانہِ لأجس ٹھأنی "کٲنٛہہ پرواے چھُنہٕ۔ یہِ ہیٚچھہِ امی تہٕ دلنأیی۔ دِ اُمس کینٛہہ روپیہ تہٕ دِس دوٗرٕ مُلکن گژھنہٕ۔ ہرگاہ اُمی نیوٗن تہٕ اُمس یییہ اَنٛج قدرتہٕ ہرگا پٟسہٕ راوِرِن تہٕ پیچھنَس دوت توتہٕ کرو اَسی یہِ ووٚمید زِ تَس ییلہِ دُبارٕ پٟسہٕ بَنَن سُہ گرِیمَن

قدر۔ دۄشوٕنۍ صۄرژن منٛز چھُ یہِ تَس خاطرٕ فائید منٛد۔ یَمو منٛزٕ ہرگا اَمِس ؤکھنٛ تہٕ تجربہ
سپدِ نہٕ سُہ بنہِ نہٕ کُنہِ چیزَس لایق۔''

باباأرِس رۄزِ سو پتے تہٕ تَمۍ اوٗن پَنٕن نیٚچو بُلاٗ وِتھ تہٕ دِیتنس کینٛہہ رقم تہٕ سامانہٕ تہٕ
بییہِ کینٛہہ نوکر تہٕ تَمِس حبسہٕ روزنُک ہدایت دِتھ کۄرُن سُہ روانہٕ۔ نو جوان سوداگر دزاو
پَنٕن سامانہٕ تہٕ وارِیہہ نوکر ہیتھ۔ یہِ کاروان اوسنہٕ وُنہِ سیٚٹھاہ دۄر رووتمُت زِ تَمو دزاے
اکہِ بڑٕ باغہٕ کِنۍ یتھ سأری سے أندۍ أندۍ تھۆد مضبوٗط دیوار اوس۔ ''یہِ کیاہ جایا
چھےٚ؟'' جوان سوداگرن پرٕژھ ''گرٕھو تہٕ یہِ ییو أندرٕ وُچھتھ۔''

نوکر گے تہٕ واپَس یِتھ وۄنُکھ پَنہٕ نِس مألکس زِ تَمو وُچھ اَتہٕ، اَکس
خۄبصورت باغس منٛزٕ باگ اَکھ بڈٕ تہٕ شاندار عمارتھا۔ پَتہٕ گو وپانہٕ یہِ جوان سوداگر تہٕ
ژاو باغس منٛز۔ اَتھ بجہِ عمارژ کُن نظر کرِتھ وُچھأی اَتہِ اَکھ خۄبصورت زنانہٕ تَمہِ ہوو
أمِس کُن اِشارٕ زِ وولہِ تہٕ رِنٛدے ستۍ اَکھ نرٕدِ بازا۔ یہِ زنانہٕ اَس اَکھ پوٗنٛتہٕ ژأرِ۔
تَس اَس پَنہٕ نِس مقابل نفرس نِشہِ کٔرۍ سِندۍ پَیٚسہِ حأصل کرنٕچ پرٕبتھ قسمچ چال پتاہ۔ کِر
سژٕ اَکھ منہٕ مأنۍ چال اَس یہِ زِ بازِ وِزِ اَس سو پانَس لرِ اَکس بڑ ارِتھاوان تہٕ سو اَس
تَمہِ ہیچھناوۄمژ زِ اَکس خاص اِشارَس پیٹھ اَس سو ژانِکس چھہہ دِتھ نیران تہٕ گاش
اوس ژھبتہٕ گژھان۔ یہِ اِشارٕ اَس سو تَمِس ہمیشہِ تَمہِ وِزِ دِوان ییلہِ سو بأزۍ ہارُن
اَس ہوان۔ یِتھہٕ کِنۍ اَس تَمہِ سیٚٹھاہ دولت سۆمبرأوِمژ۔ تَمہِ ورتوو یوٚہے برأرِ
ژھل اَمِس نوجوان سوداگرس ییمہِ ستۍ تَس سیٚٹھاہ ہأرُن پیو۔ پرٕبتھ کینٛہہ، پَیٚسہٕ،
سوداگری ہُنٛد سامانہٕ، زنانہٕ، نوکر، پَنٕن پان تہٕ پَتہٕ اوس نہٕ تَس کِہنی۔ سُہ آو قأد خانَس

منز تھاونہٕ۔ اَتہٕ اُس اُمس سیٹھاہ سختی کرنہٕ یِوان۔ سُہ اوس اکثر بڈٕ ہٕتہٕ خدایس دُعا منگان زِ مےٚ کڈٕتہٕ یِمہٕ مصیبت کہِ دُنیا منزٕ۔

اکہِ دوہہٕ وُچھ اُمۍ اکھ نفر جیل خانہٕ کہِ درواز کِنۍ نیران۔ اُمۍ کوٚر اُمس خاٲر پاٹھۍ تہٕ پرٛژھنَس زِ ژٕ کیتہٕ پیٹھہٕ چھکھ آمُت۔ ''بہٕ چھس فلانۍ مُلکٕک'' اُمۍ وۄنُس درجواب۔ اُمۍ ہیوٚت تَتھۍ مُلکٕک ناو بیتہٕ اُمۍ سُنٛد مول روزان اوس۔

''سیٹھاہ زبر'' قیدی وۄنُس ''ژٕ ہیکہِ کھامےٚ اکھ بڈٕ مہربٲنی کٔرتھ؟ ژےٚ وُچھتھ زِ بہٕ چھس بیتہٕ بنٛد تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ توٚت تانۍ آزاد سپدِتھ یوٚت تانۍ بہٕ پٔنُن سُہ بوٚڈ قرضہٕ نکھہٕ ہیکہٕ واٲلِتھ یُس بہٕ دارٕ۔ بہٕ چھس یژھان زِ ژٕ نِہکھ میانہٕ یِمہٕ زٕ چٹھہٕ اکھ میانِس مأَلس تہٕ دوٚیِم میانہِ زنانہِ۔ یِہ چِٹھۍ چھےٚ میانِس مأَلس تہٕ یِہ زنانہِ خاطرٕ۔ ہرگاہ ژٕ میانۍ یِہ کامہِ ہن کرَکھ بہٕ روزٕ ےژےٚ ہَر ہمیشہٕ شُکر گزار۔''

نفرَن کوٚرُس آنکار۔ چٹھہِ زٕ رَٹِتھ تہٕ دراو پنہٕ وَتہٕ۔ اُکس چٹھہِ منز اوس اُمۍ مأَلس تہٕ لیوٚکھمُت یِہ سپُدمُت اوس تہٕ بیٚیِس چٹھہِ منز اُسس زنانہٕ اصل واقعہٕ ادلہِ بدل کٔتھہِ لیچھمُت تہٕ یِہ وۄنمُت زِ مےٚ چھےٚ وۄنۍ سیٹھاہ روپیہ۔ بہٕ یِمہٕ جلدٕ ے واپس تہٕ دِمےٚ کٔلس پأزاریہ زن اُمس گوڈٕ ے تہٕ وٚنتھ اوسُن تھوومُت۔

اُمۍ شخصن یٚیلہِ پٔنٕزٕ سو کامہِ ہَن کٔر یِمہٕ خاطرٕ سُہ اوراوس آمُت تہٕ دراو سُہ واپس پنہٕ نِس مُلکس تہٕ یِمہٕ چٹھہِ زٕ واتناوِن۔ مگر تَس اوس نہٕ پرٕن تگان۔ یِمہٕ کِنۍ ٲسو چِٹھۍ اُمۍ ہٕنزٕ زنانہِ دِتٕھ یوسہٕ اُمۍ ہٕنٛدِس مأَلس اُسس دِنۍ تہٕ یوسہٕ چِٹھۍ اُمۍ ہٕنزٕ زنانہٕ ہٕنزٕ اُس سو دِژنَس مأَلس۔ خوشخبر بوٗزِتھ گوس مول شادمان مگر یِہ توٗرس نہٕ فکرٕ زِ چِٹھۍ

کیٚاز ٲس ٲمؠ سٕنزِ نوشہِ ہٕنٛدِ ناوٕ تہٕ ٲمؠ سٕنٛدِ پنٕنہِ ناوٕنہٕ تہٕ بیٚیہ کیٚاز ٲس تٔمؠ واپسی پیٹھ پنٕنہ
زنانہِ مار دِنٕچ گَتھ ۄنتھ کھوژناوٕمُت۔ تہٕ ییٚلہِ وۄن نوشہِ پنٕنہ نِس خانہٕ دارِ سٕنٛز چھٕکٕر
یَتھ منٛز تٔمؠ پنٕنہِ بدطالعہِ تہٕ تباہیہِ ہنٛز گتھ ٲس لیچھمٕژ۔ سو سَپٕز مغموٗم تہٕ حٲران سپٕز زِ
کیٚاز ٲس ٲمؠ سٕنٛدِس ہیٚہر بابہٕ سٕنٛدِ ناوٕ چِٹھؠ لیچھمٕژ تہٕ ٲمؠ سٕنٛدِ پنٕنہِ ناوٕنہٕ۔ ٲتھؠ پریشانیہ
منٛز گیہِ سو پنٕنہ نِس ہیٚہر بابس نِشہِ۔ یِمَن دۄشوٕنی ہنٛزِ پریشانیہ ہُنٛد ہیٚکہِ وَنہٕ کھوتہٕ زیادٕ
اندازٕ کرنہٕ یتھ زِ ییٚلہِ یِموٕ یِمَن دۄن بیانَن مقابلہٕ کوٚر۔ یہِ اوس کیٚاہتانی ہرٕ۔

کینٛژھا مشوٗرٕ ہنا گرِتھ کوٚر نوشہِ دانٲیی تہٕ نِنٛڈرِپٲٹھؠ یہِ زَن سو ٲسہِ یہِ ژھۄقہ
ارادٕ زِ سو گژھِہ تہٕ یِیہ پنٕنہ نِس خانہٕ دارَس ۄچھتھ تہٕ ہرگا ممکن سپدِس تہٕ کرِس آزاد۔ بُڈ
سوداگرَن تہٕ دِتُس گژھنُک اجازت تہٕ وَتہٕ خرچہِ خاطرٕ دِیُتُس کینٛژھہ رقم تہٕ۔

اَمہِ بہادُر زنانہِ پوٚر مَردٕ رخت تہٕ دژایہِ تہٕ وٲتِتھ جایہِ ییٚتہٕ یہِ مٲرکھ منٛز
زنانہٕ روزان ٲس۔ زٲرؠ زنانہِ وۄنُن زِ سو چھےٚ ٲکِس امیر باپٲرؠ سُنٛد نیٚچو تہٕ زارس
متعلق رَژھ کھنٛڈ زانکٲری آسنہٕ کِنؠ چھےٚ ٲمِس ستؠ پنٕنؠ ہونرازماوٕنؠ یژھان۔ زٲرؠ
زنانہِ کوٚرُس فورَن اقرار۔ شامَس اوس یِمَن گنٛڈُن تہٕ یہِ نقلی سوداگرزادٕ گوو زٲرؠ
زنانہِ ہٕنٛد بن نوکرَن نِشہِ تہٕ کوٚرُن تمَن زارٕ پارٕ زِ مےٚ دِیُن تو اَمہِ گمو چالو کِنؠ چھےٚ ہیٚر
روپیہِ نِیِنہٕ مُت۔ گوڈٕ ہمٕژ او تمو گوٚلۍ مگر ییٚلہِ تمو اشرفی یَن ہٕنٛدؠ ڈیر تہٕ خوبصورت
چیز یِم نوجوان سوداگرَن یِمَن متھ کرنہٕ کہِ غرضہٕ بڑ وٕنِہہ گُن ترٛاوؠ تمِ سپدؠ مٲیل تہٕ
وَنہِ ہٕس سارے گتھہٕ۔ بیٚیہ وۄن ہٕس یہِ زِ ممکن چھُ تہنٛز مٲلکنی ماورتاوٕ از شامَس بزارٕ
ہُنٛد ژھل تہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دژ اویہ نقلی سوداگرزادٕ۔ شامَس بٲگی ییٚلہِ سو آیہ تہٕ سوٗزن اَمہ

زنانہٕ سلام۔ اَمہِ اوس پانس ستیٚ اَکھ گگرٕ تہٕ اتھ نمت یُس تمہِ پننہِ انگرَ کھ کہٕ تٕرِ کس تھس منٛز ژٔرِ اوس تھوومُت۔

اَمہِ پتہٕ گیہِ بازی شرُوع۔ اَکھ سبٹھے جان گنٛدن وول آسنہٕ کنہِ لوگ نقلی سوداگرزادن زیٛن۔ یہِ وُچھتھ دِیُت کمینہٕ زاٗرِ زنانہٕ بڑاراِشارٕ۔ براٗرِ گیہِ ژانٛکس کُن تہٕ امی ساعتہٕ ترٛوو نقلی سوداگرزادن گگر یلہٕ۔ گگر دِژ اوٗلِ تہٕ اُمس پتے گیہِ بڑاٗر تہٕ تم لگی ساٗری ہیے کُٹھس گرااور تہٕ گرایور کرنہٕ۔

نقلی سوداگرزادن وٗنُس رَژھ کھنٛڈ گۄہتھ "اَسی کیاز روزونہٕ پنٛنی بازی گنٛدان؟ کُنہٕ رکاوٹہٕ وراٗے زیٛنی تمہِ بازی پتہٕ دۄیم بازی، پتہٕ ترٛیم تہٕ ژۄرِم تہٕ یوٗت تانی تمہِ سُہ سورُے واپس زیٛون یہِ کہٕ سُنٛدی احمق خانہٕ دارن ہؤرمُت اوس بلکہِ تمہِ ہُر یمانہٕ یہِ بڈ عمارت، نوکر تہٕ پانہٕ یہِ کمینہٕ زنانہٕ تہٕ۔

اَمہِ بوٗ ریہِ سہل پاٗٹھی زیٛونمت خزانہٕ بڈبن صندوقن منٛز تہٕ تمہِ پتہٕ ترٛ اونا وِن ساٗری قِدی یلہٕ۔ اُمی سُنٛد خانہٕ دار تہٕ آو باقین ستیٚ اُمس شُکریہ کرنہٕ خاطرٕ مگر پنٛنی یہِ احسان کرن واجِتی آیس نہٕ پزٕ زناونہٕ۔ وۄں گوو سواٗس خاص پاٗٹھی تسی ژرژان تہٕ پزژھنس ژٕبنہٕ کھامیوٗن سردار۔ تَس تہِ کُس چارٕ اوس تہٕ کُمون پانٛے تہٕ امی وِزِ پنٛنی تم جیل خانٛکی زچہٕ پلو بدلاوِتھ آوسہٕ تم مُناسب پلولاٗ۔ گتھ یم اُمی نقلی سوداگرزادن اُمس خاطرٕ سۄزی متیٚ اَسی تہٕ کوٗرُن اُمی سنٛدِ نیرنگ انتظام۔ تُمی سنٛدی تم پراٗنی جنٛدٕ پلو آے اَکس لوکٹس صندوقس منٛز برنہٕ۔ مختلف صندوقن ہنٛز سارے کُنٛز آیہِ سردارس حوالہٕ گرنہٕ مگر یَتھ ڈبس منٛز یم جنٛدٕ پلو تھاونہٕ آے تیٚمہٕ کُنٛز رٔٹ نقلی سوداگرزادن پانس

اَتھِہ ۔ پزٕ بتھ کاٗنہہ تیاٗری سَپزٕ تہٕ دزٕ اے یم تہٕ یہِ کمینہٕ زاٗرک زنانہٕ تہٕ تُجھٕ ستی ۔

پَنہٕ نِس مُلکَس نَکھہٕ واٗتتھ وۅن نقلی سوداگر زادن پنہٕ نِس سردارَس " ۓ چھےٚ پننہٕ اکہِ ذاتی کامہِ خاطرٕ پیاٗرک گرٕ ھُن مگر ژٕ ہے زہنہٕ میوٚن پرواے ۔ ژٕ گوٚہ سیوٚدُ ے شہرٕ تہٕ یم چیز نہٕ پانس ستی تہٕ یم تھاوٕ کھ احتیاطہٕ سان توٚت تانی پَنہٕ نِس گرس منز یوٚت تانی بہٕ ولتے ۔ بہٕ زانَن چون مول تہٕ مےٚ چھُ ژےٚ پیٹھ اعتبار ۔ ہرگاہ بہٕ وُہن دوہن اندر اندر ووت سے تیلہِ گٔے یم ساٗری چیز چاٗنی ۔"

سو گیہ پیٚہ اکہِ گول پھیرِ تھ پنہٕ واجنہٕ وَتہ کنی پٔنن گر (مالیُن) ۔ تمی سُند سردار گو ویہ کمپنہٕ زاٗرک زنانہٕ، ساٗری نوکر تہٕ لوکٹہٕ ڈبہٕ ورأے ساٗری چیز ہتھ پٔنن گر ۔ گرٕ واٗتتھ ووٚن اٗمی پَنہٕ نِس ماٗلس پننہٕ کامیاٗبیہِ متعلق تہٕ ووٚنس زِ ینہٕ ژٕ کاٗنسہِ اَتھ نسبت کینہہ وَنکھ ۔ کیٛنژ دوٚہ پتہٕ آیہِ سو واٗریو ۔ تتھےٚ سو خاوندن وُچھ تہٕ تمی ووٚن ۔ "ژےٚ چھیا یاد زِ ژےٚ گرٕ پھرِ چھی مےٚ مار دِینٕ تہٕ یِی ونان دِیُت اٗمی یہِ باس زِ اٗمی ہیوٚت اَکھ بوٚڈ کھور کڈُن ۔

"ہاے، ہاے، یہِ کیاہ ۔" ووٚنس ماٗلی ماجہِ "ژٕ راورکھا یتھ گرٕ واپس ینک رُت موقہٕ امہِ ظاٗلم تہٕ وٗسی پایہِ حرگرٕ کنی ۔"

تہٕ پتہٕ ووٚنس ووٚنی زنانہِ "مےٚ وُچھ ووٚنی ۔ مےٚ اوس باسان زِ ژےٚ آسہِ تھ ضرٕ ردلناٗیِی پچھ مگر کتہٕ ۔ ژٕ چھکھ تتھےٚ احمق یتھ ژٕ دوہے اوسکھ ۔ یور کٔن وُچھ ۔ اَن ہُہ ڈبہٕ یوٚرک ۔ سُے ڈبہٕ یُس مےٚ پوٚرٕ سفرس منز پانس نشہِ تھوو ۔ ان یہِ یوٚرک ۔ یم کٔہنڈرٕ مکرٕ پکلو چھ؟ چاٗنی کنہٕ پیٚہ کاٗنسہِ ہنڈرٕ ۔ وُچھ یمن کٔن تہٕ پاوٕ ژٕ بتس زِ یتہٕ کتھٕ کنی اٗسی

ژٕنے جیلہٕ وٲلۍ بُتھہٕ یِوان۔ ژٕنے کوتاہ مارٲسی تِم دِوان۔ تِم کٗو تاہ خراب تہٕ کم کھمن ٲسی ژٕنے دِوان تہٕ تِم کیاہ کیاہ رِبٔٹھہٕ ٲسی ژٕنے کڈان۔ او۔ ژٕنے تھٲو گرنٕے۔ جان گوو گری نٕے۔ بوز۔ یِہ چھُس سہٕ امیر باپاری سُند نیچو یُس ژٕ موکلاوِتھ اوٗنکھ۔ یوسہٕ ژٕنے ماٲلِس پٕتھۍ ٲستھ پتھ پٔتھ سوداٲ ژٕمے۔ مے یام چانہٕ تبأی ہُند بوٗز بہٕ وژالیس تمے وِزِ تہٕ پوٗرم جوان سوداگر سُند رخت۔ تِمس زنانہٕ تہٕ وٲنٛم یِی ییمہٕ ژٕ بے وقوف بنوونگھ۔ مے گٔنڈ ٲمِس ستۍ تہٕ زیوٗنم تہٕ سورُے واپس یِہ ژٕنے راوِرومُت اوسُتھ تہٕ اَمہٕ علاوٕ ٲمۍ سُند مکانہٕ جایدادتہٕ۔ ہو کیاہ چھےٚ سوزنانہٕ۔ گوڈہ تہٕ پٔزٕ ژھُس اگرسومے پرٕزناوان آسہٕ "آ۔آ" زٲرۍ زنانہٕ وٲن۔ سوداگر زادَن وٲن نہٕ کہنۍ۔ سہٕ اوس رَس بِکسرٕ گوٗمُت۔ سوداگر ستٕر زنانہٕ وُچھ پٔنٕنہٕ نوشہٕ کُن تہٕ کوٚرُس دنٛمایہٕ خاٲر۔ سوداگرس اوس پانَس سخت شرارت تہٕ پٔنٕنہٕ نِس ٲمِس بیقل نیچِوس نسبت اوس دِل تنگ تہٕ کہنۍ تہٕ وٲنٛس کوٚرنس نہٕ۔ ٲخرس پھیوٕ رزنانہٕ کُن تہٕ وٲنٛس "توٚریاوٲنۍ فِکرِ زِ چون نیچُو کوتاہ بیوقوف چھُ؟ یم ساری موٕللی چیزٕ تہٕ لال جوٲہرتھاوِن ٲمۍ ستٕر زنانہٕ پانس نِشہٕ۔ یمہٕ شوٗبن ٲمۍ ہے۔"

(راوی: مُکند بابو، سوتھ، سرینگر)



# ترٛ کجارس وُ کجار

سبٹھاہ پَتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ یُس پَنہٕ نِسے کارس، کلاَمس تہٕ خیالَن پٮ۪ٹھ
تیوٗت فخر اوس کران زِ تسنٛدِس مُلکس منٛز اوس یہِ محاورٕ بنیوٗمُت ''سأنِس بادشاہَس ہٕ
خوٗدغرض، تتھے خوٗدغرض یُتھ سون بادشاہ چھُ'' تہٕ لُکھ أسی یہِ ونان تہٕ ورتاوان۔
سیٹھے گٔتھا چھِنہٕ زِ أمِس بادشاہ سنٛدی دربأری ۔کھو وزیر أسی تٔمی سُندِ بُڑا
بۆزی پَسرِ آمتی بیٹھہٕ اوس تٔمی سنٛدِ لہجہٕ تہٕ (لۆگن ہنٛزِ) چاپلوٗسی ۔کنٛز اَتھ زیادے ہ
کھسان۔ ''وٗنی تو۔ کُنہِ چھا بیٚیہِ یُتھ ہیوٗ مُلکاہ۔ پٮ۪نٛچ زمین یوسہٕ پیٚٹھ بِن ہار چھے تہٕ نہ
سَگ چھُس؟'' سُہ اوس پرٛژھان۔

وزیرتہٕ دربأری أسس جواب دِوان ''کُنہِ نہ حَض! بادشاہ سلامت۔''
''کُنہِ چھا تتھی انصافکی تہٕ سوٗچتھ بٔجتھ قونوٗن تہٕ تتھی پاپر جاہ لۆکھ؟''
''نہ حضرت، کُنی نہٕ!''
''کُنہِ چھا میوٗن ہیوٗ شاندار محل خانہٕ؟''
''بادشاہ سلامت، اَتھ چھُنہٕ کُنہِ جوٚرے!''

"آ۔ بِلکُل۔" پتہٕ اوس ریشس اَتھہٕ پھِروان تہٕ اوس نسوٗتھ شہہ کھالان۔ زنتہٕ پتہٕ بجر کہٕ احساسنک سبتھہِ گوٚب باراوُسس۔

یم تہٕ بادشاہ ہٕشر گتھہٕ بوزان اُسی تِموٚمنژٕ اُسی اکثر اَمی ہٕنٛدِ اَمہٕ رُوی یہِ کِنہِ پریشان گژھان۔ یہِ اوس وۄنی بوزُن کھران تہٕ پتھہٕ اوُسس بَس ٹھکیے ہیوٗ حاصلا تھا تہٕ اَمی سُنٛد مُلک تہٕ عوام تہِ اُسی نہٕ کینٛہہ اسمانٔی وُڈان۔ اُخرس تہٕ کوٚر اَمی ہٕنٛد بوکینٛو وزیر دیہِ اِرادٕ زِ بیٚیہٕ ساعتہٕ ییلہِ سُہ یِمن تِتھی سوال لاگہِ گرٕنی تم وَنن تَس پٕزی پٕزی جواب۔ اَتھ موقعس پیوٚنہٕ تِمن زیادٕ کالس پژارُن۔

بادشاہَن وۄن "توہہِ چھاباسان زِ مےٚ کھوتہٕ چھُ کانٛہہ بۆڈ بادشاہ، یابیا کھ کانٛہہ مُلکاہ یُس میانہِ (ملکہٕ) کھوتہٕ زیادٕ طاقتور تہٕ تھدِ شانک چھُ؟"

"آ۔ بیٚیہٕ تہٕ چھِ" تِموٚ وۄنہس۔

یہِ معموٗلہٕ ڈٕلتھ جواب بوٗزِتھ کھوٚت بادشاہس وار یہہ شرارت تہٕ وۄنتھ گُس اَکھ چھُ مےٚ ڈُنوٚفورن۔ یہٕ تُلن فوج تہٕ گرٕ تَس ہٕتی جنگ۔"

تِموٚ وۄنس "بادشاہ صاب۔ توٚت مہٕ کھیٚنیو۔ سون چھی ژٕےٚ درخاس زِ قدم تُلنہٕ برٛ ۄنہہ سوٗنچو گوڈٕ۔ یتھہٕ ہأرِ وتہٕ تہٕنٛد مُلکے تباہ سپدِ۔"

مگر وۄن گوو بادشاہ امہِ کھوتہٕ تہِ نارونار۔ تِمی دِیُت پتہٕ نس پۆرٕ فوجس جمع سپدنک حکم تہٕ تِتھے تِم تیار سپدی تہٕ سُہ دژ اوٚیمن برٛ ۄنہہ برٛ ۄنہہ بیٚیہٕ سوٗزِن پٕژ بتھ طرفہٕ نفریتھ زِ مُلکن وَنن زِ لوکٕرِ واسہٕ ہٕتی جنگ۔

وارِ یہس کالس رُودُسہٕ تمام مُلکن تہٕ سارِنی لوٗکن ہس دِتھ حأران کران

تِکیاز ِ کہنز اوسنہٕ جنگس پیٹھ آماد تِکیاز ِ تم گتھ بناہَس پیٹھ کرہَن قتل عاما تِکیاز ِ بوڑ جنگ گڈھِہے یِ تہٕ ماسوایہِ اوس اَتھ منز اَمِس خودغرض تہٕ کبری بادشاہَس تشفی یا مقصد مگر چھیکرَس آو نیا کھےٚ بادشاہا پنُن فوج ہتھ تہٕ دِتُن اَمِس خودغرض تہٕ کبری بادشاہس شِکَس تہٕ کھےٚنس سأرِے سلطنت، سورُے طاقت تہٕ سأرِے شان۔

اَتھی ءَتِ وۄٹھس وۄنی سورُے کبر۔ سأرِے ہمت گَیس ختم تہٕ بھیس بدلأ وِتھ دژا و مُلکہ تہٕ زٕ نیٚچوی ہتھ گتھ تانی مُلکس گژھنہٕ خأطرٕ سمندر کُن تہٕ اَتہٕ وۄچھن اَکھ جہاز نیرنس تیار۔ تمی وۄن جہاز رانس زِ بہٕ تہٕ میون عیال تہٕ ٹُلتَن تہٕ واتناو تہٕ اَمہِ تہٕ تور یوت جہازس گژھن چھُ۔ جہاز رانَن مونس مگر یام تَمس خوبصورت ملکہ ہنز ژھایی یأ ژگیہِ تہٕ تَس بدلییہِ نیت اِراد کوٚرُن زِ سہٕ کرِ معاہدُک اَکھ چھاپہٕ تہٕ ٹلہٕ صِرف زنانے یوت ''ءِ کرشاہ مأری منز زنانہٕ بنہِ مےٚ'' تمی سوٗ نچ ''تہٕ ہرگاہ بہٕ یہِ ہنز یژھن تیٚلہِ ءِ کرشاہ زیاد روپیہِ میلَن مےٚ'' تہٕ وۄنی ییٚلہِ نیرنُک وَقت ووت مُلکہ کھۄ گوڈنیتھ جہازس تہٕ اَمہِ پتہٕ ییٚلہِ تَس پتہٕ پتہٕ بادشاہ تہٕ تہند بود وٚ نیٚچو بوکھسُن ہیوٚت تہٕ اَتھی منز ژٕ تم کینژ وطاقتور مُشٹنڈ ویم ژکہِ جہاز رانَن روپیہِ دِتھ پھسأوی ءِتی اَر تہٕ چیر تھیھ کرِتھ ژٕ ٹکھ جہازس کھسنہٕ نِشہِ پتھ یوٚت تانی زَن جہازٕ پوٚرٕ سمندرس منز وۄت۔ ملکہ ییٚلہِ پنُن خانہٕ دار تہٕ نیٚچوی زٕ اَتی پیتھ وُچھ تمہِ ژھچہِ وَدن باکہ۔ تمہِ دِ بُتھہِ بُتھہِ پلو ژٕ ژٕن تہٕ انتہأیی دوکھس منز دِتُن پان جہازکس فرشس پیٹھ دأرِتھ تہٕ اَخرس گوس غَش۔ یہِ اوس اَکھ زیوٗٹھ غَش تہٕ یُدوَے جہاز رانَن اَمِس ہوشہِ انہٕ خأطرٕ وارِیہہ طریقہٕ تہٕ ورتاوے مگر اکہِ گأنٹہِ کھوتہٕ زیاد وقس روٗزس وتھ پأٹھی زنہٕ

موردٕ اُس۔ یتو لاگن ہیوٚتن واپَس پھیرُن۔ جہاز ران رُوٗدُس خاص خیال تھاۘوِتھ اَمی ہِنٛدِ خاطرٕ کوٚرُن رٕتہِ بِسترُک انتظام، سارِوٕے کھوتہٕ اصٕل کھٮ۪ن اوٗنُس تہٕ سٮ۪ٹھہٕ نرمی سان کوٚرُنس کلامہٕ مگر اَتھ دژ اوٚنہٕ کانٛہہ مقصدا تکیاژ ملکہ نہ وُچھ تَس گُن تہٕ نہ کرُنس کتھ۔ یہِ روٗد کینژٕن دۄہَن تِتھے پاٚٹھۍ چلان یوٚت تانی جہاز رانس ہمیشہ باپتھ اَمی ہِنٛدِ طرفہٕ لوٕلکی تسلی گٔیے تہٕ اَمہِ کٔر کوٚرُن یہِ کٹنگ اراد۔

اَتھ جہازس منٛز اوس اَکھ بار ستہٕ سوداگر ییمی ملکہ ہُنٛد پزٕ پیٹھی حُسن وُچھتھ تہٕ جہاز ران ہِنٛدِ طرفہٕ کھاندر تجویزس دۄہَے اَمی سُنٛد انکار بوٗزِتھ سوٚچ زِ یہٕ ماہمن یہِ مٔلی تہٕ نِسنہٕ اَمی سُنٛد دِل۔ اَمہِ کٔر اَمی جہاز رانس اَمِس زنانہٕ عوض اَکہِ بڈٕ رقمٕچ پیشکش تہٕ سوآیہِ اَمِس سپرد کرنہٕ۔ سوداگرن کٔر سٮ۪ٹھہٕ اشتیاق سان تہٕ اَمِس وُچھان واشان یہِ خوش تھاوٕنچ تہٕ اَمِس منٛز پٔننی مأے گنٛزراونٕچ کوٚشش تہٕ وارٕ وارٕ سپدُس یتھ حدس تانی کامیاب زِ ییلِہِ تَمی اَمِس وۄن زِ مے ہیٚژ کھ ژٕ اَکس بارٕ رقمس مٔلی تہٕ اَمہِ کٔر پزی ژنے مے ستی کھاندر کرُن مانُن تَمہِ وۄنُس تورٕ یُدوے زن ژنے تہٕ جہاز رانس درمیان یہِ سوداغأر قونۆنی چھُ تکیاژ جہاز رانس اوس نہٕ مے کنٛس کہنی تہٕ حق تِکیاژ زِ یہ ماأ یِسس تسنٛزہ کرِتھ تہٕ چھُکھ ژٕ مے پسند تہٕ کرژنے ستی کھاندر ہرگاہ ژٕ دۄن وُرین پزارُن مانگھ تہٕ ہرگانہٕ اَتھ وقتس دوران مے پٔنُن خانہٕ داریاشُری واپَس میلِہ۔ ” سوداگرن موٚنُس تہٕ روٗد خوٚشی سان وۄمید رٕچھتھ یہِ وقت پوٗرٕ سپدنس پزاران۔

ہُپاٚرکی ییلِہِ جہازٕ نظرو دوٗر گیاوتہٕ ہُمو کرایہٕ ہندبو نفروتژ اوے بادشاہ تہٕ

تٔسندی نیٚچوی ییلہٕ۔ وۄنی ہرگاہ بادشاہَس انتقام ہیٚنٛژ یژھ تہٕ آسہِ ہے مگر اَتھ اوسنہٕ کانٛہہ
فأیدالہذا اپھیوٗ رٕسہ اَتہِ پوٚت تہٕ دژا واَتہِ سبٹھاہ تیزتہٕ سبٹھاہ دوٗر پننٮ۪ نیٚچوی ستی ہیوٗر
تِمس لَرِ دٔوان دوان وَدان تہٕ رِوان اَسی۔ تتھہٕ کنۍ ووت سُہ اُکِس آرس نش یُس
زیادٕ سوٚن اوسنہٕ مگر آب اوٚسُس ہکہٕ پکان۔ بادشاہ اوس آرس اپور یژھان ترٛاوٗن
اتھ اوس نہٕ کانٛہہ کٔدلا تہٕ نہٕ اُس اَتہِ کانٛہہ ناو تہٕ اوے کنۍ پیو تَس اَمہِ منٛزی ترٛا
واریہہ حبسہٕ حبسہٕ کھور تُلِتھ توٚ رٕسہ اَکھ نیٚچو ہیتھ وارٕ پأٹھی اپور تہٕ وۄنی اوس دۄیمس
تارنہٕ خأطرٕ واپس تران تہٕ اَتھی منٛز اوٚن تَس آبہٕ مَلرَن ٹاس تہٕ سُہ آو آبس تَل ہیٚنہٕ
پھوٚٹ۔

ییٚلہِ یِمَن لڑکن یہِ فِکرِ توٚر زِ یِہُنٛد مول گو واَز جان تہٕ یِمَو کری وٕدی وٕدی چھ
چھورٕ۔ تہٕ ہیٚنٛز پانہٕ وأنی جُدا اُیی تہِ اُس بییٚہٕ ہن دوکھُک وَجہ۔ یِمَو منٛزٕ اوس اَکھ آر
اَکِہ اَنٛدٕ تہٕ دۄیم بییٚہِ اَنٛدٕ تہٕ اَکھ اُکِس نِشہِ واتنُک اوسُکھ نہٕ کانٛہہ ذریعہ۔ تِمو دِژا اَکھ
اُکِس کربکہٕ تہٕ دوکھہٕ ہتی رٕوٕ دی گراہور تہٕ گرایور کران یوٚت تانی تِم ژھیٚنِتھ تہٕ لوٚسِتھ
نِشٕد رِہیٚتِن پیٚنٛز زِ اَتھی منٛز ووت اَکھ گاڑٕ ہأنٛز پننہِ ناوِ منٛز اوٚتتھ۔ یِمَن لڑکن ہنٛز
زبردست تکلیفٕچ حالتھ وُچھِتھ تُلی تِمی یِم دۄنوٚے ناوِ منٛز تہٕ پرٛژھنکھ توٚہی کم تہٕ کہنٛدی چھ۔
تِمَو وۄنہس تہٕ سأرُی یہِ یِمَن ستی سپُد مُت اوس۔

ییٚلہِ تِمی یِہنٛز یہِ دٔلیل بوٗز تہٕ وۄننکھ "توٚہہِ چھوٗنہٕ مول یا موج تہٕ نے چھ
کانٛہہ شُر۔ تُنی پأٹھی سوٗ زِ توٚہی خدایَن مے نِش۔ توٚہی بنو وامیأنی شُری، گاڈٕ ہیچھورتہٕ
رٕوٕ زِ ومیأنِس گرس منٛز؟" ظأہر چھُ زِ بچأری گے کانٛہہ دوست تہٕ چھیٚن جاے میلنہٕ کِ

سبٹھاہ خوش۔ "ژولو۔ بہٕ رَچھو پالَو توہیٚ" ناوِ منٛز وأنِتھ أکِس نکھہٕ تلہٕ کِس گرِس ٹَن
پکان پکان وۄنٛتھ أمی گاڑِ ہانٛزن سبٹھاہ مہربان پأٹھی۔ لڑکہٕ رۄدِس خوشی سان پتہٕ پتہٕ
پکان تہٕ ژاے گاڑِ ہانٛز ہندِس گرِس منٛز۔ یِیلہِ تِمو أمی ہنٛز گرِ واجنۍ دۄچھ تِم گے زیادٕے
پہن خوش تِکیازِ سو سپٕز تِمن سبٹھاہ مہربان تہٕ تِم زأنِن برابر پنٕنی شُرۍ ہوی۔
یِم زِ لڑکہٕ رۄدۍ دۄنی نۄِس گرِس منٛز شاندار پأٹھی پلان۔ یِم گے سکوٗل تہٕ
سبٹھے کم وقتس منٛز ہیوٚ چھکھ تہٕ سورٕے یہٕ ماسٹر یِمن ہیچھناوِتھ ہیوٚک۔ اَمہٕ پتہٕ لوگ
تِمو پنہٕ نِس مونکتہٕ ماأِلس مدد کرُن تہٕ سبٹھاہ کم کألی بنٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ سرگرم تہٕ
تجربہٕ کار گاڑ رٹَن وألی۔
تِتھہٕ پأٹھی أسی یِم دہادہاگُذاران زِ أکی منٛز کھوٚ اکھ بڈ بڈٕے گاڑ آر
ژٕندِس پیٹھ تہٕ پتہٕ ییٚچ نہٕ واپس آبس منٛز ژسی تھے۔ گامُک پرٕبتھ کانٛہہ نفر گو أمِس بجہ
گاڑِ ۄچھنہِ تہٕ الہِ پَلہٕ ژٕ ٹس پرٕبتھ أکی چھلا چھلاتہٕ یٔین گرٕ۔ کینٛہہ ونزدیکی گامو پیٹھہٕ
تہٕ گے کینٛہہ لۄکھ أمِس وُچھنہٕ خاطرٕ تہٕ یِمو منٛز اوس اَکھ کرٛال تہٕ تِمی ہنٛز زنانہٕ اوس
أمِس بجہ گاڑِ متعلق بۄزمُت تہٕ توٕے اوسُن أمِس زور کوٚرمُت زِ ژٕ تہٕ گژھ تہٕ اَن أمی
ہندِ منٛز کینٛہہ ھا۔ لہٰذا گو وسہ تہٕ یُدوٕے زَن ژٕیرتہٕ اوس گومُت۔ اوٗت وأتِتھ وُچھنہٕ
أمی اَتہٕ کینٛہہ تِکیازِ ساری أسی اوٗت تِتھہ تہٕ ۄچھتھ واپس دراٚمتی۔ کرٛالن أس پانس
ستی اَکھ مکٕ تہٕ تِجرٕ تِکیازِ تِمی اوس سوچمت زِ أمِس ما آسہٕ کرٛتژٕتیوٚت موٚٹ زِیہٕ ژٕنہٕ
موکھہٕ پییہٕ امیک ضرورت۔ تِتھے تِمی گوڈنیکے دَب ترٛووگاڈِ منٛز آیہٕ اَکھ آواز زنتہٕ کانٛسہٕ
دَگ أس۔ کرٛال گو سبٹھاہ حأران۔ تِمی سوٗنچ زِ "شاید ماچھ گاڈِ جن پرٕبکس۔ بہٕ گرٕ

بیٚیہِ کۆشش'' امہِ پَتہٕ وول اُمی بیٚیا کھ دَب۔ بیٚیہِ آیہِ گاڈِ منٛز آواز یوسہٕ ونان اُس ''
چھس ئہ! یہِ چھس ئہ'' یہِ بۆزِتھ سۆنچ کرٛ الَن ''مگر یہِ چھنہٕ جن باسان بلکہ چھے
عام انسانہٕ سنٛز آواز۔ ئہ ژٕٹہٕ وارِ وارِ گاڈِ ماز۔ ئلی کمن تہِ امہِ منٛز کاٗنہہ غریب دوکھ
انسان لۆب۔'' تِمو لوگ وۆنی احتیاطہٕ سان ماز ژٕٹن تہٕ اُتھی منٛز دژٕ اوانسانہٕ سُند کھ
پَتہٕ درلیہِ زنگہٕ نَنہِ تہٕ پَتہٕ جسم تہٕ پَتہٕ کَلہٕ سائلم سَرِ ژوٚبۆت۔ ''شُکر۔ شُکر خدایس گُن'' تِمَ
دِژٕ زورٕ کرٕبکھ ''یہِ چھُ وُنہِ زنٛدَ ے'' اُمی نِیہِ نفر سبٹھاہ وُژھہِ سان گرٕ تہٕ اور دانتھ
کۆرُن اُمس ٹھیک کرنہٕ خاطرٕ تہِ سورُے یہِ اُمس طاقت پیٚیل۔ وٕلی وٕلی زوٚلُن بار
الاو تہٕ چاے تہٕ شوربہٕ دِیتُنس۔ کرال تہٕ کراٗج گیہِ سبٹھاہ خوش ییلہِ تِمو وُچھ زِ یہِ
پھیوٚ رواپس دُنیاہس کُن۔

کینژٕن رتٕن رۆدیہِ ازاٗنی نفر یِمنٕے رتین لۆگن نِشہِ تہٕ ہیوٚ چھُن بانہٕ، تارِیہٕ
باقٕے چیز۔ کتھہٕ پاٗٹھی چھِ بناوان تہٕ رۆدیِمَن سبٹھاہ مدد کران۔ اُتھی منٛز سپد یہِ زانہ
مُلکُک بادشاہ گوٚ وٕمرِتھ (تہِ کیٛازِ بادشاہ تہِ چھِ باقیٚن انسانَن ہنٛدی پاٗٹھی مران)۔ تہٕ
اَتھ مُلکس منٛز اوس لۆگن اندر یہِ رسم زِ تِم اُسی تِمی ہے پَنُن بادشاہ بناوان یُس
گُذریمتِس بادشاہ سُند ہوٚس تہٕ شاہپاٗز ژارِ ہے۔ لہٰذا آو بادشاہ سنٛدِس مرنس پتہ
ہوٚس پوٗرٕ مُلکس منٛز پکناونہٕ تہٕ شاہپاٗز تہِ رۆدنۆس بادشاہس ژھانڈنہٕ خاطرٕ یپاٗرکۍ
ہُپاٗرکۍ تہٕ پرٕ بتھ طرفس کُن وُڈان۔ اَتہِ اوس اَمہِ برٛ وٕنہہ تہِ یِلی سپدان آمُت زِ یُس
برٛ وٕنہہ کُنہِ تہِ ہوٚس نمہِ ہے تہٕ یسنٛدِس اَتھس پیٹھ شاہپاٗز وَسہِ ہے سُہ اوس خداٗیی طور
ژارنہٕ آمُت ماننہٕ یِوان۔ لہٰذا گوٚو ہوٚس تہٕ شاہپاٗز پرٛ بتھ جایہِ تہٕ تہنٛدِس اُتھ

پھیرنس دوران وأتی یم کزألس تہٕ کراجہِ ہنٛدِ گر۔ کنہٕ یمو أمس بچأرِس ازأنس یُس زَن گاڑِہنٛدِ شکمہٕ منٛز دڑ امُت اوس مہربان سپدِتھ چھٟپٕن جاے اُس دِژہمو۔

یہٕ سپُد اتفاق زِ تِتھے یم اَپأرِ دڑ اے یہٕ ازأنۍ اوس درواز ِس پیٹھ ووٚدِنۍ ۔ تہٕ ڈ چھو۔ تِتھے یہٕ ہٕسی تہٕ شاہپأزن وُچھ تہٕ تِتھے نمیٚا وا کھ أمس بڑ وٚنہہ گنہٕ تہٕ بیٚاکھ بیوٚٹھس اَتھس پیٹھ۔

''یوہے چھُ بادشاہ! یوہے گوو بادشاہ'' یم لوٗکھ ہٕسی تس ہتی اُسی تموو دِژ أمس ازأنس نمان نمان کربکہٕ تہٕ کوٚرہس زار پارٕ زِ ژ پکھ اَسہٕ بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ محل خانَس کُن۔

وزیرو بیٚلہِ یہٕ خبر بوٗزتم سپدی خوش تہٕ سبٕھے احترامہٕ دارے نوٗس بادشاہَس بُتھہِ۔ تِتھے بادشاہس تختس بیہناونکی سأری رسم تہٕ ریژ مکمل آے کرنہٕ تہٕ بادشاہَن لأج پننی کأم سنبھالنۍ۔ گوڈنچی کأم یوسہٕ تمۍ کٔر سوأ س یہٕ زِ تمۍ انٛووکزال تہٕ تمۍ ہنٛز زنانہٕ تہٕ تمَن دِتُن کینٛہہ رقم تہٕ زمین۔ تِتھے کنۍ تہٕ باقۍ طریقو مثالے انصافس پیٹھ مبنی فأصلہٕ، مناسب قونوٗن تہٕ یم لوٗکھ رِتۍ تہٕ دانا اُسی تمَن ہتی مشورٕ کرنۍ وغأرٕ کنۍ گووبڑ بتھ شخصہٕ ہنٛدِس ذیہنَس منٛز تمِس متعلق نیک ظون تہٕ پرٛأوِکھ سبٕھے خوشحألی۔ وٗنۍ گوو کینژِ ریٚتی گووسٕہ صحتہٕ کنۍ کمزور تہٕ لوٗکن متعلق تمۍ سُند زیادٕ وُچھن داشُن گووتس بار تہٕ اوٚ کنۍ وٗنس دربأری حکیمَن زِ ژ آس نبر کُن ورزش کٔرِتھ آرام ہیٚوٚ پانس دِوان۔ گنہٕ وِزِ اوس وٗنۍ بادشاہ گٔری سوأری کران، گنہٕ وِزِ تیر اندأزی تہٕ گنہٕ وِزِ اوس گاڑٕ شکارس گژھان۔ وٗن گوو تمِس گیہٕ زیادٕ پہٕن گل گاڑٕ شکارس کُن۔ یہٕ زأنتھ آوا کہٕ دوہہٕ

أمِس نِشہِ اَکھ گاڑ ہاٗنزٕ تہٕ وۄنُنس ''بادشاہ سلامت۔ توٚہی کری تو مہربانی یہِ گاڈ کرِو قبوٗل یوسہٕ مےٚ ازاتھِ لٔج۔'' بادشاہ سپُد یپٕہٕ بڈ گاڈ وُچھتھ خوش تہٕ پزٕ ژھنس زِ ژنےٚ گر تہٕ کتھہٕ پاٹھی رٹ تھٔن یہِ گاڈ۔ گاڑ ہاٗنزن سمجھو وپز بتھ کینہہ بادشاہ تہٕ اَمی سُندِ یہِ علم، دِلچسپی تہٕ اَمِس نِش یِن وغارِ وُچھتھ گووٕ یہِ بادشاہس بڈ پسند تہٕ حُکم دِیُتن زِ رۄزی زِ تیار۔ یتھ اَسی کُنہِ تہٕ وِزِ یکہٕ وٹہٕ گاڈ شِکارس گژھوٕ یتھ زن سُہ (بادشاہ) اَتھ متعلق پزٕ بتھ کینہہ ہیچھِ تہٕ یتھ لایق بنِہ زِ سُہ ہیکہِ ترٕ ھ بڈ گاڈ رٕٹتھ یپٕہٕ ھ زٕن تس وٗنی پیش اُس کرنہٕ آمُت۔

''بادشاہ سلامت۔ توٚہی چھو سبٹھاہ رٔتی تہٕ سخی تہٕ یہِ کینژھا توٚہی حُکم چھو کران تہٕ چھِ ساری لوٗکھ صحیح، مناسب تہٕ منصفانہٕ مانان۔ مگر اَکِس رٔژھہِ بۄزِتو مےٚ غلامہٕ سُند یہِ عرض۔ مےٚ چھِ گرس منزٕ زٕ نچوی یِم میانہِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور تہٕ چالاک چھِ۔ ہرگاہ تُہنٛد حکم آسہِ تہٕ بہٕ گرٕ یہِ کاٗم زِ تِم آسن ہر ہمیشہِ تُہندِس خدمتس خاطرٕ تیار بہ تیار آسان۔''

بادشاہن موٗنس تہٕ یلہِ تہٕ سُہ گاڈ شکارس اوس گژھان سُہ اوس تِمن ہمیشہٕ پانس سٍتی نوان۔ تہٕ نتیجہ کٔزٕ گیہ یِمن لڑکن تہٕ بادشاہ صاٗبس درمیان اَکھ قربت وٕتھ پاٗدٕ۔ بادشاہ صاٗبس تہٕ گٔییہِ یہِ زٕ رے گٔل تِم اَسی تیٚتی تیز، دانا، خوبصورت تہٕ رٔتی زِ چھیکرس کوٚرُکھ فاٗصلہٕ زِ تِم گژھن یۄہ پاٹھی تِمس نِش آسنی یدوے سُہ کینہہ تہٕ آسہٕ کران۔

اَتھی موقعس پٹھ پیوٚ اَتھ مُلکس منزٕ سُہ سوداگر تجارت کرنہٕ خاطرٕ واٗتتھ تِم

تِمس غریب بادشاہس منز آشنۍ مُلۍ اُس ہیۆہ موۍ یَس متعلق یہِ خیال اوس زِ یہ پھوٹ آبس۔ سُتہِ گوو بادشاہَس سۭتۍ ملاقات حاصل کرنس منز کامیاب تہٕ تِژ وۆن پَنُن سورُے سامانہٕ تہٕ قیمتی لال بادشاہَس برٛونٹھہ کنہِ۔ بادشاہ گوو یہِ عجیب خزانہٕ وُچھتھ حٲران تہٕ پرٛژِھنس یِمَن چیزَن تہٕ تِمَن مُلکَن متعلق ییٚتہِ اُکۍ یِم چیز مُلۍ اُسۍ اٲنۍ مۭتۍ وار یہہ سوال۔ سوداگرَن وۆن اُمِس پرٛبتھ کینٛہہ تہٕ موٚنگنس اَتھ مُلکس منز تجارت کرنک اجازت تہٕ بییہِ موٚنگنس پَنُن تحفظ۔ بادشاہَن کۆر زۆلۍ ژۆلی سوداگرَنٛد درخاس منظوٗر تہٕ حُکم دِتُن زِ کینٛژَن سپاہَن گژھہِ فورَن اُمِس سۭتۍ روزنہٕ خاطرٕ وَننہٕ یُن تہٕ تِتھہٕ پاٹھۍ گژھہِ یہِ نظام چلُن زِ تِمو منز گژھہِ اَکھ ہر وقتہٕ سوداگرَنٛدِس صحنس منز پہرٕ دِنس پیٚٹھ روزُن۔ تِمۍ سۆزۍ اکھُتے گاڑٕ ہاٹو ہنٛدۍ زٕ نیچوٕ تہٕ سوداگرَنٛدۍ ہے حاطس منز شونگنہٕ خاطرٕ۔

اکہِ راتھ آیہِ تہٕ یِمَن دۆن بارنبن کمہِ تانۍ وجہ کِنۍ ہنٛدرٕ ے تہٕ لوٚکٕ ہوۍ وۆن زِٹھس باٲیس زِ ژٕ وَن مےٚ دٔلیل۔ یُتھ زَن یَتھ موقعس زندگی ہش باسہِ نتہٕ زَن چھُ تلہِ ژانگہِ کَس پرزلوٕنس گاشس منز فقط لِرٕ ترٛاٰوِتھ روزُن یوٚہے مصیبتا ہیوٗ باسان۔ زِٹھۍ باٲے وۆنس ''اِد سابہٕ وَنے ژٕ ے پننُے تجربہٕ'' تہٕ لوگُن وَنُن:

''اکہِ وقتہٕ اوس اَکھ بارستہٕ، دولتمند تہٕ عالم بادشاہ مگر تِمس اوس سخت فخر۔ امی فخرٕ کِنۍ ووت سُہ بچور انتہاٰیی تباہیہِ تہٕ مصیبتَس۔ اکہِ دوہہ دژ اوسہ پَنُن فوج ہیتھ تہٕ باقۍ بادشاہن دِتُن ہس زِ اگر چھُو طاقت تہٕ گرِو مےٚ سۭتۍ جنگ۔ اَکھ بۆڈ تہٕ طاقتور بادشاہا آو اورٕ تہٕ ہارنوو ن یہِ۔ ہورمُت بادشاہ ژۆل یہِ وومید ہیتھ ہنٛز زنانہٕ تہٕ

نیٚچوی ژٕ ہیتھ سمندرس کُن ژِ اَتہِ میلہِ کانٛہہ جہازٕ۔ یتھ مژٕ سہٕ تہٕ تٔسند عیال کھسہِ تہٕ اَتہِ دٔزٕ
گُنہِ بدل مُلکس واتِتھ تہٕ تِتی مُشراون پننہٕ تکلیف۔ کینٛہہ مہل پکنہٕ پتہٕ وٲتی تِم سمندرٕ
بٹھِس پیٹھ تہٕ لوٚبکھ اَکھ جہازٕ یُس نیرنس تیار اوس۔ مگر اَمیُک جہازران دژا و کمینہٕ۔
تٔمی کھوٚج خوبصورت ملکہ جہازس تہٕ ییلہِ بادشاہ تہٕ تٔمی سِندبو نیٚچوٚبو جہازس ہیوٚت
کھسُن تِم رٕڈ کینژ وقفہ ویٚم ژکہِ جہازرانَن پھسٲوی ژتی ٲسی توٚت تانی جہازس کھسنہٕ
نِشہِ پتھ یوٚت تانی یہِ جہازٕ نظرِ وتہِ ڈٲل۔ واے یہِ گٔیتھ کرٕ ٹھ وقتا اوس اَمہِ ساعتہٕ
بچٲرس بادشاہَس خٲطرٕ۔ سہٕ گُس دوکھہٕ ہوٚت دِل ہیتھ دژا و اَتہِ پننہٕ نیٚچوی ژتی ہیتھ۔
سہٕ پوٚک وارِیہہ میل تہٕ یِہ اوسُس نہٕ پتہٕ زِ گژھان کوٚت چھُ۔ یوٚت تانی سہٕ اَکِس
تیز پکوٕنِس آرس نِشہِ ووت۔ اَتہِ اوس نہٕ اَتھ کانٛہہ کٔدل تہٕ نہٕ اَس کانٛہہ ناوتمہِ کٔر
پیوٚتُس اَمہِ مٔنٛزی تٔرن۔ تٔمی تُل اَکھ نیٚچوٗ تہٕ ووت ٹھیک پٲٹھی اپور تہٕ پتہٕ پھیوٚر دوٚیِم تارنہٕ
خٲطرٕ واپس۔ تٔمِس ڈٲل گژھنہِ پیٹھہِ کھور تہٕ سہٕ ہیوٚک نہٕ اِستادٕ رِتھ تہٕ نیوٚ تیز آبن ژھٕتھ تہٕ
تَنہٕ پیٹھہِ نٕنیاونہٕ تٔسند کانٛہہ تہِ ژھٕ سکلکھ یِمن دوٚن لڑکن ہنٛزِ حالژ ہُند اندازٕ کٔرِتھ۔ یہِ اَس
راتھ تہٕ یِمن نہٕ اوس کھیمن تہٕ نہٕ وُژن وتھرُن نہٕ اوسُکھ پناہ گژھُن کوٚت چھُ تہٕ نہٕ یہِ زِ
اَسی کتھہٕ کٔنی واتو اَکھ اَکِس نِش۔ خٲر پتہٕ آو اَیِری اَکھ گاڈٕ ہاٳنٛز ناو ہیتھ تہٕ یِم زٕ لڑکہٕ
ییلہِ تٔمی وُدان وُچھ تہٕ تٔمی کھٲلی تِم پننہِ ناوِ تہٕ پتہٕ نِین پننِ گرٕ۔ تِم گٲس وارِیہہ ٹاٹھی تہٕ تی
تسنٛزٕ زنانہِ تہٕ۔ یتھہٕ کٔنی بنے تِم یِمن ہِنٛدی زنتہٕ مول تہٕ موج۔ یہِ سپد اَزبرٕ ژھہ اَکھٕ
ڈٔری تہٕ یِمن لڑکن چھِ سٲری ووٚنی گاڈٕ ہاٳنٛز سِندی شُری مانان۔ میانہِ بایہِ۔ اَسی چھِ تِم
زٕ لڑکہٕ! تہٕ یِہَے چھےٚ میانٛی ژٕ لیل۔"

ڈلیل اُس سبٹھاہ دلچسپ تہٕ اَمیُک انجام تہٕ اوس حیرت ناک۔یتھ زٕلوٗکٹ ہیٛؤ بوے اوس وۆنی پۆرٕ ہُشار۔اَمہٕ کہٕ وننکہٕ لٔد اژٕ ۔کٔر تہٕ اوس بےسُنٛد توجہ پۆرٕ پأٹھۍ پانس کُن پھرٕمُت۔سوداگرٕن تیمٕس زنانہٕ ستۍ کھاندر اوس گرٕن سو تہٕ اُس اَمہٕ ؤزِ ہُشارٕ ے تہٕ تٔمۍ سُنٛد کمرٕ تہٕ اوس اُتھۍ وانٛس سبٹھاہ تَنہٕ موادٕ ستۍ گنٛڈنہٕ آمُت تہٕ تٔمہٕ ہٕزیہٕ سائلم اپارِ گٔنہٕ۔تٔمہٕ سوٗچ پانسے ستۍ "ضرور گوٚھن یمٕ زٕلرٕکہٕ میأنی نِچوی آسُن۔"

وۆنی اُس سو یَمن نِشہٕ آمُت تہٕ اُسکھ مختلف سوال پرٕژھان۔یَمن دۆن ڈرِیَن یا اَمہٕ ہریمانہٕ وقتس منٛز اُس یَمن دۆن بارنین وارِیہہ فرق آمُت مگر اَتہٕ آسہٕ ترٛژھٕ کینٛہہ نشانٕیہٕ یمہٕ نہٕ ماجہٕ ہنٛدِ یادٕ ووٚترِ منٛز ہتٕس ڈرِیَس تہٕ مِٹاونہٕ یہٕن۔یمو تہٕ بیٛیہٕ تٔمۍ جوابو۔کٔر یمہٕ تٔمہٕ یَمن نِشہٕ زٕڈی سپُد تٔس یقین زِ تٔمہٕ لُمۍ دُبارٕ پٔنٛنۍ شُری۔یام تٔمہٕ یم نالہٕ مَتہٕ رٕٹی تہٕ تٔمس وَژھہٕ اوٗش دَدرایہ تہٕ وۆننکھ زِ بٕے ژھٕس سو ملکہ،یعنی تٔہنٛز موج یَس متعلق توٚہۍ وۆنی کتھہٕ اُسو کران۔

تٔمہٕ وۆن تٔمن تہٕ سائلمہٕ تٔس تَنہٕ پیٹھ پیش اوس آمُت یَنہٕ سو یَمن نِشہٕ ژھینہٕ اُس گمُژ۔۔کتھہٕ کٔر اُس سو جہاز رانٔن یہٕ زٕ اُتھ امیر سوداگرس کٔر مۆژ زِنٕہ سپُد ہے نہٕ زٕنہے تہٕ یتھ منٛز کامیاب زِنٕہ کیاہ ہیٚکہٕ ہے اَمس ستۍ کھاندر کرِتھ۔یہٕ سوداگر تہٕ،کتھہٕ پأٹھۍ اوس اَمس پیٹھ مہربان سپُد مُت تہٕ پزٕی ۔کٔر اوس اَمس محبت کران تہٕ بیٛیہٕ یہٕ زِیہٕ اوس پزٕی۔کٔر چالاک تہٕ دولتمند آسنٕس ستۍ ستۍ اَکھ رٕت شخص۔بیٛیہٕ وۆننگھ زِ سو،کتھہٕ پأٹھۍ اُس سو چان زِ سو ہیٚکہٕ نہٕ زانٛہہ وۆنی پَنہٕ نِس خانہٕ دارِس یعنے تٔہنٛدِس مألِس سمکھِتھ تہٕ اوسُن اَمس سوداگرس ستۍ زِ ڈرِی اداسپد نہٕ پتہٕ کھاندر کرنُک وعدٕ کوٚرمُت

تہٕ یتھ ووٗنی محض ترٛے دوہ باقٕے چھِہ۔ تمہِ ووٗنکھ یتہِ زِتس چھنہٕ یہِ سوداگر تیوٗت تہٕ پسند زِ اُمس ستیٚ کیاہ کرِ کھاندرتہٕ اَوِ کنہٕ چھےٚ سو یژھان زِ سو بناوِ کاتھہٕ تیٚتھ نقلی منصوبہٕ یُتھ اُمس نشہِ تھپھ ہیکہِ وٗتھتھ۔ ''تہٕ منصوٗبہٕ چھُ'' تمہِ ووٗنکھ ''زِ یہٕ دِمہٕ سوداگرس یہِ باس زِ توہہِ ہیٚژو مےٚ ستیٚ گستاخی کرٕنی۔ یہٕ ہاوِ زِ مےٚ چھُ سخت شرارت تہٕ تمس دِمہٕ نہٕ توٚت تانی سو کھہٕ بیہنہٕ یوٚت تانی نہٕ سُہ بادشاہَس نشہِ گژھہِ تہٕ تمس وَنہٕ زِ یمَن دِسزا۔ بادشاہَس تہِ کھسہِ شرارت تہٕ سوزیو توہہِ نادتہٕ کریو معاملس متعلق پرٛژھہٕ گاٚر۔ جوابس منٛز وٕنی زیو توٚہی زِ یہِ چھُ محض اَکھ مُغالطہٕ تہٕ سو چھےٚ اَسہِ بلکل پننہٕ موج ہٕش باسان تہٕ اَمہِ کِس شیٚوٗتَس منٛز کری زیو توٚہی بادشاہس زارِ پارِ زِ تمس سوٗ زِ دتوٚہی نادتہٕ اناٗویٚون یوٗ رکی۔ یہٕ کرِ اوروأتتھ تہٕنٛدِس دَنس تصدیق یتہٕ کرِ یہٕ اعلان زِ توٚہی چھومےٚ پننہٕ نیچوٗر تہٕ بادشاہَس کرِ درخاس زِمےٚ دِیوُ اُمس سوداگرس نشہِ رہاسَپد نک اجازت یتھ یہٕ زندگیہ ہنٛدِ بن باقٕے دوہَن توہہِ ستیٚ روٗ زِتھ کُن تہِ گژھہٕ۔

نیچوِ کوٚرہَس اَتھ اقرار تہٕ دوٗیمہِ شبہٕ ییٚلہِ سوداگر تہِ اُتھی احاطس منٛز شوٗنگتھ اوس تہٕ اَمہِ زنانہٕ ٹُل سخت ہُے یُتھ زِ پرٛ بتھ کاتھہٕ اَتہِ ہُشار سَپد۔ سوداگرَن پرٛژھُس زِ یہِ کیاہ معاملہٕ چھُ۔

''یمو دو یولٛرکو یم ژٕنےٚ یتہٕ وانس منٛز ژاے کرمےٚ ستیٚ دست درازی ہٕنٛز کوٗشش تہٕ توٗ ےٹُل مےٚ شور یُتھ زَن یم پوٚت ہِمن۔''

یہِ بوٗزِتھ کھوٚت سوداگرس زبردست شرارت۔ تُمی گنٛڈی فورَن یم زِلڑکہٕ تہٕ یتھےٚ تُمس بادشاہس سمکھنُک موقعہٕ میوٗل تہٕ تُمی واتناوٗی یم تَس برٛ وٗٹھہٕ کُن تہٕ ٹرٕنس

یِمہٕ کتھہِ ہنٛز وضاحت زِیم اَتھ حالس منٛز پیش کرنٕک وجہ کیاہ چھُ۔

''توہہِ کیاہ چھُ پننہِ صفائی منٛز وَنُن؟'' بادشاہَن پرٛژھُکھ ''تکیاز ہرگاہ یہِ پوٗز چھُ تیلہِ دِمہٕ بہٕ توہہِ دوشوٕنی مارنہٕ ہنٛک فورَن حکم۔ تمَن سارنٕے مہربانین تہٕ سہوٗلیژن ہنٛد چھامےٚ یوٗ ہے بدلہٕ یِمہٕ مےٚ توہہِ ستیٚ ورتاوِ۔ ؤنو جلد جلد توہہِ کیاہ چھُو وَنُن۔''

''بادشاہ سلامت۔ اَسہِ پیٹھ احسان کرن والی۔ اَسہِ چھِنہٕ تُہنٛد کلامُک تہٕ تُہنٛدِ اَمہِ ترٛ لیہِ دُچھنُک کہنٛہ تہٕ ڈر تکیازِ اَسی چھِ تُہنٛدی پوٗزی غلام۔ اَسہِ چھُو دوہہٕ بُہ بھروسہٕ یُس توہہِ اَسہِ پیٹھ کوٚر رُمت چھُو بلکہِ چھےٚ ہمیشہ سأنی یہِ کوٗشش زِ اَسہِ یُت طاقت چھُ تیوٗت کرَو اَسی تُہنٛزِ خأہشہِ پوٗر کرنٕچ کوٗشش۔ یِمہٕ الزام اَسہِ سوداگرَن دِژ ہتیٚ چھِ تمَم چھِ غلط۔ اَسہِ کُرنہٕ اُہنٛزِ آشنہٕ ستیٚ دست درازی ہنٛز کوٗشش بلکہ چھےٚ سوٚ اَسہِ ہمیشہٕ پننی موج وینٛز ہرٕ۔ توٚہی کری تو مہربأنی سو خوتون اتناوی تون یلاوِتھ تہٕ معاملس کری توٚ پوٗر پرٛژھہٕ گأر۔''

بادشاہَن دُیُت اجازت تہٕ یہِ زنانہٕ آیہِ اَنہٕ ''یہِ چھا پوٗز یہِ زَن سوداگرسٕے چون سپدَن وول خانہٕ دارِیمَن دوٗن لڑکَن متعلق وَنان چھُ'' بادشاہَن پرٛژھُس۔

تمہِ دِتُس جواب۔ ''بادشاہ صأب۔ یِم لڑکہٕ توہہِ سوداگرس مدتہٕ خاطرٕ دِژ ہتیٚ چھو کھ تمَو چھےٚ پوٗرٕ حبہٕ سان تُہنٛز خأہشہِ پوٗر کرنٕچ کوٗشش کرٕمٕژ۔ مگر اوترٕ راتھ کیٚتھ پوٗزمےٚ تُہنٛز گتھ۔ زِ یٔتھ بوے اوس ہٕکنِس اُکس اَکھ ذلیل وَنان۔ یوسہ اَکہ پننہِ نبُن تجربَن پیٹھ بنأوِمٕژ اُس۔ یہِ اُس اُکس خود پسند بادشاہس متعلق یُس پانس

کھوتہٕ زیادٕ طاقتور بادشاہَن ہارنووتہٕ اَمہِ ـکنٛ ژؤل پنٛنٛ زنانہٕ تہٕ شُری زٕ ہتھ سمندرا
کُن۔ اَتہِ ہیٚس جہاز رانَن پھنٛد کٔرتھ زنانہٕ تہٕ سوآیہِ سبٹھاہ دؤر علاقس واتناونہٕ یینہٕ
تَس اَکِس امیٖر سوداگرَس ءستی گنٛڈنہٕ آوییلہِ زَن جُلا وطن بادشاہ تہٕ اُمی ءسنٛدی زٕ نچوٕ
بدل اندس لگی یوٚت تانٛی تم اَکِس آرس پیٹھ وأتی یینہٕ بادشاہ آبس پھوٚٹ۔ یم زٕ
لڑکہٕ لٔبیٖ اَکی ہانٛزن تہٕ یم پأژن نچوی گرٔژو۔

تم زٕ لڑکہٕ چھِ توہہِ بڑ وٚنہہ کنہِ تہٕ یہٕ چھُس یہنٛز موج یوسہٕ بنہٕ آییہٕ تہٕ
سوداگرس بطورِ آشنٛز کِنہٕ آیہِ تہٕ تیٚمس وؤنی کُل دویہِ دؤہ اُمی سے ءستی لُسن بُسن چھُ
تِکیاز مے اوس یہِ وعدٕ کوٚرمُت زِ ہرگاہ نہٕ اَکِس خاص وقتس تانٛی یہٕ پننہٕ نِس ٹاٹھس
خانہٕ دار تہٕ دؤن لڑکن سمجھتھ ہیچس تیٚلہِ بنہٕ یہٕ اُمی ءسنٛز آشنٛز مگر یہٕ چھسوتوہہِ عرض کران
زِ مے کرِواَمِس نفرس نِشہِ آزاد۔ یہٕ چھُس نہٕ دُبارٕ کھاندر یژھان کرُن تِکیاز مے چھِ
وؤنی پننٛز زٕ نچوی۔ توہہِ تانٛی واتنہٕ خاطرٕ کرٕ مے یمَن دؤن لڑکن ءستی رٔلتھ یہِ چال۔
یوٚت تانٛی اَمہِ زنانہِ پننٛز دٔلیل ؤنتھ اُس موکلٲ وِژھ بادشاہس اوس سورے
بُتھ اوٚش ءستی بَرنہٕ آمُت تہٕ اَءسس سیوٚ دتھٕر۔ وؤل ییٚلہِ سُہ ہَنا ڈنٛجہِ آوسہٕ وؤتھ تختہٕ
پیٹھہٕ تہٕ اَمِس زنانہِ تہٕ دؤن لڑکن کُن گژھتھ رٔٹِن تم واریہس کالس چیرٕ نالہٕ مَتہٕ۔
"زٕ چھکھ میٚنٛز ٹاٹھ آشنٛز تہٕ توٚہی میٚنٛز شُری۔" تمی دِژ کربکہٕ "خدایَن سوٚزی نوتوٚہی مے
واپس۔ یہٕ یعنے بادشاہ، چون خانہٕ دار، تہنٛد مول اوسنہٕ آبس پھوٚٹمُت تہٕ تھٕ کنٛ توہہِ
باسان پھُو بلکہِ اوسُس اکہِ بجہِ گاڈٕ نبنگلو ومُت تہٕ اوسُس کینژن دوہَن تِسی اَندٕ رہتہٕ
تُج اَمہِ بلایہِ بٔٹھس کُن وؤھتہٕ یہٕ آس اَمہِ مٔژ کڈنہٕ۔ اَکِس کرٕ اَلس تہٕ تُمی ءسنٛز زنانہٕ

آوے پیٹھ عارتہٕ ہیچھنو وہَس پَٔن کارے اوس وۄنی پَنُن روزگار کماونہٕ خاطرٕ یہ کار شروٗع ہیوٚتمُت کرُن زِ یمہِ مُلکُک بادشاہ گزریاوتہٕ یہٕ آس ہُسس تہٕ شاہپاز ہندِ ذریعہِ بادشاہ ژارنہٕ۔ یہٕ ۔یُس وۄنی توہہِ بڑ وٚنہہ گنہِ استادٕ چھُ۔

پَتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ ملکہ تہٕ تُمی ہندی زِ لڑکہ وتناوِیُکھ محل خانس منز تہٕ تُمی سمجھأوی تِم لۄکھ پَنُن سُہ کرداریم اَتہِ سمیٚتی آسی۔ سوداگر آو شایستہٕ پأٹھی ملکہٕ منزٕ کڈنہٕ۔ یام یم شہزادٕ تیتی بالغ سپدی زِ مُلکس ہکیہٕ ہَن سنبھألتھ بادشاہَن دِژ یمَن سأرے ذِمہٕ دأری۔ییلہِ زَن سُہ پانہٕ پنٕنز آشنز ہیتھ گتھ تانی خاموش جایہِ گوٚہتھ رۄ دتہٕ پنٕنز دوہ سکوٗنہٕ سان گُذأرِن۔

(راوی: مُکند بایو۔ سوٚتھ سرینگر)



# زبارٕنۍ

محل خانس منٛز اَسۍ خوش پأٹھۍ دوہ گٔذارن تِکیاز بادشاہَس اُس زنانہٕ سبٹھاہ ٹأٹھ تہٕ سوتہِ أٔسس تورٕ تِتھۍ کٔنٛز ماے بران تہٕ تِہنٛدۍ شُرۍ یِم دونوٚے لڑکہٕ اُسۍ تِم اَسۍ رٕتۍ، داناتہٕ فرمانبردارتہٕ تِمَن اوس نہٕ پنٕنِس مأٔلِس ماجہِ برابر دُنیاہَس منٛز کانٛہہ اَکھا باسان۔ تِتھِس گرس منٛز آسہِ ہےیِ خوٚشی۔ (مگر) توٚت تِھے تام یوٚت تاز یمرازَن پننۍ ہوٕنۍ یِموٚ منٛزٕ کانٛہہ اَکھارٕ ٹِتھ اننہٕ خأطرٕ سوٚزۍ۔

پرٛ بتھ دوہہٕ صُبحأے اوس بادشاہ کینٛژَس کالس پنٕنہِ آشنہِ ستۍ محل خانہٕ کِس أکِس درہٕگس پیٹھ بیہان۔ یَتھ دوارن تِم وارِیہَس وقتس تِمَن جاناوارَن دلچسپی سان وُچھان اُسۍ یِم پنٕنہٕ غذا بِچن خأطرٕ آنٛپہٕ اَسۍ انان۔ اکہِ دوہہٕ وُچھ تِموٚ اَکھ بدٕلے جاناوارا تونتہِ منٛز کینٛہہ گٔنٛڈۍ ہیتھ بیٛہِس جاناوارَس ستۍ اَلِس کُن وُپھ تِلکتھ یِوان۔ اَتھ متعلق زانٛنگ تجُسّس آسنہٕ کِنۍ دِیُت بادشاہَن أکِس مُلازمَس کُلِس پیٹھ کھسِتھ یِہ نۍ راوُنک حُکم۔ اَتہِ نیٛاو زِرٕ جاناوارَس اُس پننۍ مادٕ رأٔومٕژ تہٕ توٚ ے أٔسس دوٚنٛ بدل ستۍ۔ یِہ نوٚ مادٕ اُس نہٕ أٔلِس منٛز موجوٗد تِمَن بچَن ہنٛدِ خأطرٕ کھنٛۍ تہٕ گرُن یژھان یِم

نہ اُمِس پَننٕ اُسی اوے اوس تمہِ سوچمت زِ سو دِیہِ یمَن آنپہٕ بدلہٕ گُنڈی تہٕ تِتھہٕ کُنہِ وِ تھبس یموٗ نِشہِ تھپھ۔ تمہِ یِیلہِ یِی کوٗر بچن پتھٕ ہٹمن گُنڈی تہٕ موٗدِ۔ یم ساری اُسی اُتی موموٗ ماجہِ ہنٛدِس جسمس پیٹھ نظرِ گوٚھان۔

یِیلہِ بادشاہ تہٕ مُلکانہِ یہِ بوٗزِ تِم دوشوٚے سپدی سخت غمگین۔ بادشاہَن پرٛژھ "یِی چھا اِنسان تہٕ کران یہِ زَن یموٗ جاناوارو کوٗر۔"

ملکہ ووٚنُس "آ۔ مگر سائنٛس معاملس منٛز گوٚھ نہٕ یہِ زانٛہہ سپدُن۔ میانہِ معشوقہ۔ مےٚ کرٕ وعدٕ زِہر گابٕہ گوڈٕ مویس ژٕ کرٕکھ نہٕ بیا کھٕنیتھر۔"

بادشاہَن ووٚنُس "وولہٕ کڈٕ اتھہٕ بٕہ چھسے ژٕ نے سبٹھاہ وفادار یہِ سان یہِ وعدٕ کران زِ بٕہ کرٕ نہٕ زانٛہہ دوٚیم نیتھر چاہے ژٕ زِنٛدٕ آسکھ یا نہٕ۔ یتھنہٕ سانٛین یمَن دوٚن بچَن ہٕتی تیٚتھ کیٛنٛہہ سپدِ یہِ زَن یمَن بچار بن جاناوار بچن ہٕتی سپدٕ۔"

اَمہِ ہٕتی سپدٕ مُلکانہِ اطمینان تہٕ بڈٕ وٕٹھمہِ کھوتہٕ تہٕ ہرٕ لوگُن بادشاہس لول برُن۔ اَتھ کیٛاہ وُنی زِ اَمہِ پتہٕ کیٛہہ کالٕ گیہِ مُلکانٕی مرِتھ۔ بادشاہس سپدٕ سبٹھاہ صدمہٕ۔ کیٛنٛژَس کالس ہیوٚتُن لوٚگن باسُن زِ یتہٕ گوٚ ژھنہٕ مرُن تکیاٰ زِ سہ اوس نہٕ اَمہِ غمہٕ ٹھاکٕھی ہِوان۔ خار آخرس تہٕ سندور تمہٕ تہٕ ہیٛتین مُلکی معاملہٕ سنبھالنٕ۔ یِیلہِ ووٚنی اَمہِ پتہٕ کیٛنٛہہ کالا گوٚو تہٕ اُمی ہٕنٛدی وزیر دربار تہٕ کیٛنٛہہ بڈٕ موٗہنوٚی سمے تہٕ تِجھ بادشاہس ہٕتی تسنٛدِ دُبار کھاندر کرنچ گتھ۔ یہِ چھٕ اندازے زِ سہ مانٛی راوُن اوس مُشکل تہٕ ناممکُن۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسنہٕ بادشاہ یمَن گُن وُچھان تہٕ مگر تم تہٕ روٗدی اُمس پتے تہٕ توٚت تانی تُجہٕ ہَس نہٕ تھپھ یوٚت تانی نہٕ سہ مانٛی روٗدکھ اَتھ پیٹھ سوچُن تہٕ اُخرس

کوٚرنگھ آنکار۔ وزیرِ اعظم سٕنٛزِ أکس کورِ ہنٛدِ رشتہٕ آیہٕ گتھ ٹلنہٕ یہِ سپز قبوٗل تہٕ ہُر کھاندر۔

یوٗ ہے تہِ اوس بد قسمتی ہُنٛد دوہ۔ نوٕ مٔلکانہِ گو وجلہٕ ے دوٗن شہزادن ہُنٛد حسد تہٕ لأجن یِمَن نسبت ژوے گرِنٕ۔ تِمو أسی پننہٕ کنہٕ تَس خوش تھاونٕچ کوٗشش کران۔ تِمن سٕنٛزِ پزٕ بتھ خأہشہِ أسی احترام کران تہٕ تَس نبر أسی نہٕ زانہہ تہِ نیران مگر یہِ سأرُی اوس بے کار۔ مٔلکہ أس تِمَن نفرت کران تہٕ سُہ دوہ أس کانچھان ییٚمہِ دوہہٕ تِم پُربار سپدِ ہن تہٕ مُلک بدر یِہَن کرنہٕ۔ سو روٗزتوٚت تانی نِباوان یوٚت تانی تمہِ زون زِ بادشاہ آومٕ أتھس منٛز تہٕ سُہ ہیکہِ میانہِ خأطرٕ کینٛہہ تہِ کرِتھ۔ اَمہِ پتہٕ لأج تمہِ شہزادن ہٕنٛز مذمت گرِنٕ تہٕ لوگن یہِ وَنٕن زِ تِم کیاہ کیاہ چھِنہٕ تَس وَنان تہٕ تسنٛز کانٛہہ کتھ تہٕ چھِنہٕ مانان۔ سو کتھہٕ کرِ ہے تِہنٛد یہِ ورتاو برداشت ہرگانہٕ بادشاہ پانہٕ رُت تہٕ تَس مہربان آسہِ ہے۔ بادشاہَن ییٚلہِ یہِ بوٗزتَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ فوراً دِتُن حکم زِ شہزادٕ گرٕ ھَن لوٚت ہٕپأٹھی جنگل ہٕنٛز نِنہٕ تہٕ تَتہِ قتل ہٕنٛز کرنہٕ۔

یِمَن اوسنہٕ مألی سٕنٛزِ کُنہِ تہِ گتھہِ سوال کرنُک عادتھے تہٕ اوٕ کنہٕ دژاے خوٚشی خوٚشی سان سپاہَن سٕتۍ۔ تِمَن اوسنہٕ مألی سٕنٛدِ اَمہِ ظأّلم حکمُک کانٛہہ تہِ عٔلماہ بلکہِ سوٗنچھ زِ سُہ آسہِ یژھان زِ أسی کروسوأ ریاہ تہٕ بینٛہِ وُچھو جنگل۔ تہٕ ییٚلہِ وۄٚنی یِم اور وأتی تہٕ سپاہو گٔژھِ تلوارٕ تہٕ ہیٚرٕ کھ یِمَن واینہِ۔ یِم سپدی حأران تہٕ فکرے اوسکھ نہٕ ترانٕ زِ کیاہ پزِ گرُن۔ تِمو دِژ کریکہٕ "ہے بھگوانہٕ۔ اَسہِ کر مدد۔" تہٕ تُہنٛد یہِ وَنُن سپد قبوٗل۔ فولادچہِ تلوارٕ بنیہِ ہچہِ ہٕنٛزٕ تہٕ سپاہَن ہٕنٛد بن سنگین دِلَن منٛز گو ورحم پأدٕ تہٕ تِمَن گو ونہٕ یِمَن

مارنک جرأت ئلکہِ ترأ وِکھ یبلہٕ۔

خداصاہِبنس یمَن پیٹھ رحم کرنس پیٹھ شکرلنہٕ کران روٗ دی شہزادٕ پنٕہ نمن گربن پیٹھ تیوٗت تیز دوران یوٗت تمَن ممکن سپُد تہٕ کوٚرکھ یہِ عہد زِ أسی یموٗ نہٕ زانٛہہ تہٕ پنہٕ نِس مُلکس واپَس۔ تمِ روٗ دی سبٹھاہ دوٗرتہٕ سبٹھاہ تیز ژلان یوٚ تام تمِ أکِس ناگس پیٹھ وأتی یتھ شیشہِ ہیوٗ آب اوس تہٕ تموسوچ زِ اَتی کھمو کینٛہہ تہٕ آرام ہیوٗ تہِ کرو۔ تمو کوٚر یہِ تہِ طے زِ تمِ شونگن نہٕ اکے وقتہٕ دوشوٚے تکیا زِ یتھنہٕ کانٛہہ ڈاکو یا وحشی جانور یہِ تہٕ تمَن تہٕ تہندِ بن گربن تباہ کرِ یانیہٕ۔ لہٰذا اشوٚنگ گوڈٕ یوٚ ڈہیوٗ بوے تہٕ لوگُٹ بوے روٗ دنظر گزرتھأوِتھ۔ اَتھ دوران وُچھ تمِ زِ جاناوارِ یو ان یمَن سوٕ بزورتہٕ بوٕ بزورناو اوس تہٕ تمِ بیٹھی أکِس نکھہٕ تلہٕ کِس کُلس پیٹھ تہٕ لأجکھ پانہٕ وأنی کتھ کرٕنی۔

سوٕ برأری ووٚنس ''وُچھ۔ ہُتھ ناگس پیٹھہٕ کنہِ چھِ کُلس پیٹھ زِ بولبوش کرن وألی جاناوارژٕے چھیا پتاہ یِم کمہٕ قسمکی جاناوار چھِ۔''

بوٕ برأری ووٚنس یورٕ ''آ۔ یِم چھِ سبٹھے عجیب جاناوارتہٕ مےٚ چھُ یوٗ زمُت زِ یُس اکھاتہِ یموٗ منٛز أکی سُنْد ماز کھیٚہِ سُہ بنہِ بادشاہ تہٕ یُس دوٚیمہِ سُنْد ماز کھیٚہِ سُہ بنہِ وزیرتہٕ دُنیاہُک سارِوے کھوتہٕ دولت مند شخص۔ تَس میلن پزبتھ دوہہ صُجأے تتھ جایہِ پانس تلہٕ کنہِ سَتھ لال یتھ سُہ شونگتھ آسہٕ۔ یمَن لالَن ہندِ مولُک ہیکہٕ نہٕ اندازٕ کرنہٕ تتھ۔

لوٚکٕٹی شہزادَن ییلہِ یمہٕ کتھہٕ بوزٕ سُہ سپُد سبٹھاہ خوش تہٕ فورَن لوٚین یمَن جاناوارَن اکھ تیرتہٕ مأرِن یِم۔ تمِ رٕنی یِم دونوے جاناوار اَکھ کھیوٚن پانس تہٕ بیٚاکھ

تھوٗن بأیس تہٕ سُہ تِتھے ہِند رِ روٗتھ تہٕ کھیوٗن یہِ۔ دۄیمہِ دوہہٕ ژھُنس دزاے تہٕ
بڑ وٚنہہ کُن سفرس۔ وَتہِ پیو لوکٹس بأیس یاد زِ تٔمس اوس قمچہٕ مُشتھے گوٚمُت تٔمس اوس یہِ
قمچہٕ سخت پسند تہٕ اَمہِ موجب گو وسُہ واپس یہِ اَنُنہٕ خأطرٕ۔ تٔمۍ لوٚب یہِ ناگہٕ ہے نِشہٕ تہٕ
ہیوٚتُن گرِ پیٹھہٕ یوٚن وَسُن تہٕ أتھۍ منز کھوٚت ناگہٕ منزٕ اَکھ سَر پھ تہٕ دِژٕن اُمس
کھورس ٹو پھ تہٕ سُہ پیو بےٚ ہوش سپدِتھ أتی پَتھر سُہ روٗد کینژن گأنٹن أتھۍ حالتس
منز۔

اَتھ دوران آو تٔمۍ سُند بوے پرأرِ پرأرِ تنگ تہٕ لوٗگن یہِ سوٚچتھ بڑ وٚنہہ کُن
پکُن زِ شام تانۍ ولتہِ سُتہِ مےٚ تانۍ۔ سُہ ووت أکِس شہرس منز یتہِ حالےٚ بادشاہ
گُذریوٚمُت اوس تہٕ لۄکھ أسۍ أمۍ سُند جانشین ژارنہٕ خأطرٕ وہ لسنس آمتۍ۔ باسان چھُ زِ
تِمَن اوس اَکھ رَسم زِ تِم أسۍ أکِس ہُسۍ تِس پکُن بادشاہ ژارنہٕ خأطرٕ یلہٕ تراوان۔
یَس أکِس تہِ ہوٚس (بادشاہ) مانہِ ہے تٔسۍ أسۍ لگھ تہِ مانان باے سُہ امیر آسہِ ہے یا
غریب، عألم آسہِ ہے یا جأہل، تِہنٛدے مُلکُک تہٕ زبأنۍ ہُنٛد آسہِ ہے یا بدل کُنہِ مُلکُک
تہٕ بدل زبان بولن وۄل۔ یہِ ہوٚس اوس تِمہِ ساعتہٕ گتھ دِوان یتہِ بوٚ ڈہیوٚ شاہزادٕ اۄت
وۄت تہٕ أمِس وُچھتھے نمیاو سُہ (ہوٚس) أمِس بڑ وٚنہہ کُنہِ اَمہِ کِنۍ آو تٔمۍ سِنٛدِ بادشاہ
بننُک اعلان کرنہٕ تہٕ سُہ آو محل خانہٕ ہِنہٕ۔

لوٗکُٹ ہیوٚ شہزادٕ سپُد یِیمہِ طریقہٕ دُبارٕ زِندٕ۔ ناگس نکھہٕ اوس اَکھ جوٗگ روزان
یُس اۄت شمبن رتبن منز اکہِ پھرِ آبہٕ ہنانہِ اوس یِوان۔ یِیمہِ دوہہٕ سر پھن شہزادس
ٹو پھ دِژ اَمی دوہہٕ اوس أمِس تہِ اورِیُن۔ سُہ ییلہِ اۄت ووت تہٕ اَتہِ أکِس نوجوان

سُند بے زُو ژِسم وُچھن تَس آو اُمی سُند سخت عار۔ تَس اوس پتاہ زِ یہ چھُ ناگہٕ کس سرپھہٕ سُند کار۔ اَمہِ کِنی پُرِی تِمی منتھر تہٕ ناگس ہوٗ کھآب تہٕ یہ بلاے گیہِ ظاہر۔

سرپھَن پرٕژھس ''ژٕ نے کیاژِ ہوٗ کھرووُتھ ناگ۔''

''تکیاژِ ژٕ نے چھتھَن یہ نوجوان مورمُت، ژٕ نے کیاژِ کوٗرتھ یہ۔'' جوٗگی

ووٗنُس درجواب۔

''ہے جوگیہ'' سرپھَن ووٗنُس ''ژٕ جاناوار اُسی اکثر یتھ جایہِ یوان تہٕ پننہِ نبو باُتوٗ ستی فضہَس بَران۔ اُمی شہزادن مارِ تِم توَے دِژِمٕ اُمِس ٹوپھ۔''

''ژٕ نے گرِتھ تہٕ یہ جان کاُم'' جوٗگی ووٗنُس ''بوز یورِگن۔ ژٕ کڈُ اُمِس نوجوان سِندِ کھورِ منزٕ زہر یتھ یہ دُبارٕ زِندٕ سپدِ تہٕ چھی ژٕ نے مَرُن۔''

سرپھَن ووٗنُس ''مےٗ دِمعافی تہٕ بہٕ ملنہٕ چون یہ حُکم۔''

یتھہٕ پاُٹھی میچ شہزادس دُبارٕ زندگی۔ جوٗگس شکریہ کرنہٕ پتہٕ دژاوسہٕ اتہٕ مگر بدقسمتی کِنی لوٗگ سہٕ بَدل وَتہِ تہٕ پننہٕ نِس باُیس پتہٕ پگنہٕ بدل ووت سہٕ اُکس گامَس منز ییتہِ وو کھہٕ ڈاکوہن ہنز جماعت روزان اُس۔ اتفاقہٕ کِنی ژاوسہٕ یمٕوے منزٕ اُکس ڈاکوسُند گرِ تہٕ منجنگھ جاے۔ کانہہ تاُر لاگنہٕ ورأیی آوسہٕ اندر ژاننہٕ۔ تِموٗ گرِتس خوش آوَے تہٕ گرہَس لولہٕ مَتہٕ لاے مگر افسوٗس سہٕ ییلہِ راتھ کیُتھ چارپایہ پیٹھ شوٗنگنہٕ کھوٗت تہٕ سہٕ آوسیوٗ دُ ے تالوٗ منزی یوٗن وُستھ تہٕ ووٗت اُکس انتہائی اذیت ناک زنداُنس منز۔ سہٕ بچور آسہِ ہے اُتی موٗدمُت ہرگاہ نہٕ سہٕ اُکس ڈاکو سِنزِ کوریٕ وُچھمُت آسہِ ہے تہٕ تَسُند محبت آسہِ ہیس نہٕ سأنتھ گوٗمُت۔ تِمس اُس اَمہِ مکانہٕ کنِ تمام کھوتمن

تہٕ بَرَن ہٕنز پے تہٕ یہِ زاُنتھ زِیہِ ازاُنی اوس قبرِ منز رُو دوٗ تھمُت یہِ زن تم اُتھ وٹان
اُسی توے گیہِ سو ہِرِ پاُٹھی تَس نِشہِ تہٕ نیوٗنَس کینٛہہ کھینہٕ خاطرٕ تہِ اَتھ معاوضہٕ دِتس
شہزادَن سَتھ لال۔ سو اُس پرٛ بتھ دوہہٕ صُبحاُے یِی کران تہٕ ہروِزِ اُس سَتھ لال
رٹان۔ یِمَن مُلاقاتَن منز گوو اُمِس کورِ ہُنٛد محبت تیزی سان ہُران سو اُس سبٹھاہ
خوٗبصورت تہِ تہٕ واریہہ چالاک تہِ ییمہِ کٔر شہزادَن تہِ یورِ مالے بٔرنَس پتہٕ کورُن
وعدٕ زِ یہٕ گرِ سبٹھاہ جلد ژٕ ے ستی کھاندر۔ چھیکرس گۓ تم دوشوَے اَتہِ رِیاتہٕ تم ژٕلی اَتہِ
تیوٗت تیز یوٗت تِمَن تیز رفتار گرِ سمندر طرفس کُن نِتھ ہیوٚک۔ اَتہِ کھٔتی تم فورَن
أکِس جہازَس۔ باقٕی مُسأفرن علاوٕ اوس اَتھ جہازس منز اَکھ سوداگر تہِ یَس کورِہنٛز
خوبصورتیہ دِل رُوتہٕ یوٚ ژھُن زِیہٕ مارَن شہزادٕ تہٕ گرِ اُمِس ستی کھاندر۔ اوے کٔر ییلہِ
سُہ تہٕ شہزادٕ اکِہ دوہہٕ جہازِ کِس ڈیکس پیٹھ نردس گندان اُسی شہزادٕ نمیاو تھوکھ ژ ادنہٕ
خاطرٕ جہازِ کِس أکِس طرفس کُن تہٕ أتھی منز دِتُس سوداگرَن دَکہٕ۔ خوش قسمتی کٔر
اُس اُمی ہنز زنانہٕ اَمہِ وِزِ جہازٕ دارِ نِشے تہٕ تُمس ییلہِ خاندارس پیٹھ نظر پییہٕ تمہِ دور تُمس
اَتھہٕ تہٕ بچوٗ ن سُہ۔ جہاز چلاوَن والین تہٕ سفر کرَن والین سپُد تمہِ وِزِ زبردست
افسوٗس ییلہِ تموٚ یہِ بوٗز زِ شہزادٕ اوس جہازٕ منز ؤسی پیوٚمُت۔ شہزادَن اوس پنٕنہِ آشنہٕ حُکم
دِتمُت زِ یوٚت تانی نہٕ تم پنٕنہِ نِس منزلس واتَن توٚت تانی وَنِہِ نہٕ سو کأنسہِ کانٛہہ کتھ۔
سوداگرَن دِیُت یہِ باس زِ تُمس اوس سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ دوکھ ماسولیہٕ اُمِس
خوبصورت زنانہِ نِشہِ بہرحال سُہ آو جلدٕ ے ڈٔنجہِ تہٕ لوگُن اُمِس کُن توجہ دِنٕن نہٕ
اُخرس وۄننس مےٚ ستی گرِ کھاندر۔ کورِ تھوو سُہ یہِ وٚنِتھ شمن رتبن پتھ زِ ہرگاہ نہٕ تُس

اَتھ وقتس منز خاوند سُند کینْہہ پےٚ لوٚگ سو گرِ پتہٕ اُمس ستیٚ کھاندر۔

کینژِ ریٚتی ووت جہاز پنٕنِس منزلس تہٕ اَتہِ کوٚڈ شہزادن پنٕن پان نوٚن تہٕ سوداگرس کھوٚلن تس آبَس پھاٹوٚنچ کوٚشش کرنک راہ۔ یَتھ پتھ سہ مُقدمہٕ بوزنہٕ پَنٕس تانی قاٗد آو کرنہٕ۔ اکہِ خاص اتفاقہٕ کنیٚ اُسی تمہ مُلکہٕ کس بڑس شہرس منز جہاز منزٕ وٚتھی یمیٚ بیٚتہِ تَنٕد زیٚٹھ بوے حکوٗمت اوس کران۔ اَتھ دوران اوس یہ بادشاہ سخت دوکھہٕ زَد تہٕ سوچان اس زِ میٲنس باپس ستیٚ کیٛاہ آسہِ سپدمُت۔ دِلُک یہ بار لوٚژراونہٕ موکھہٕ اوس اُمی پَنٕنِس وزیرِ اعظمس حُکم دِژمُت زِ سُہ آسہِ پرٛتھ راتھ اُمس کانٛہہ ڈٔلیل ونان۔ تَس اُس یہِ تہِ وومید زِ یتھہٕ کنہِ تہٕ مانہِ تَس باپسِ سُند کینْہہ تکلیا زِ یہِ وزیر اوس اکثر تمے ڈٔلیلہٕ ونان یمنٛز بنیاد تتھ پیٹھ اُس آسان یہِ تمی دوہَس وُچھمُت یا بوٗزمُت اوس آسان۔ ییمہِ دوہہٕ یہِ جہاز اور ووت اُمس وزیرس سنٛز کوٗر اُس سوٚدرٕ بٕٹھس کُن گمٕژ تہٕ اَتہِ اُسن شہزادٕ، تمی سنٛزٕ آشنہٕ تہٕ بدخصلت سوداگر سنٛز یہ عجیب ڈٔلیل بوٗزمٕژ۔ یوسہِ تمہِ شامس مالِس وٗنی۔ دوٚیمہِ دوہہٕ وٗنی وزیرَن یہے ڈٔلیل بادشاہَس۔ سیٛٹھاہ ووسنَس یتھ پرٛژھس بادشاہَن "ووٗنی کتہِ چھِ شہزادٕ تہٕ تسنٛز آشنہٕ۔" (تہٕ ووٗنس) "دُشمَن سوزِ فل فورناد۔ اَخرس تہٕ لوٚب مے یژ کالہٕ پتہٕ روومُت بوے۔"

اُسی ہکبو یہِ انداز کرِتھ زِ یمَن بارنین ہنٛدِ پانٕہ واٗنی سمکھنہٕ کرٛاہ خوٗشی آسہِ سپٕز مژ۔ تموترٛ ووا کھا اُکی سنٛدس پھکیس پیٹھ گلہٕ تہٕ چھِ وَدان۔ لوکٕٹ ہیوٗ شہزادٕ آو مُلکُک وزیرِ اعظم بناونہٕ تہٕ بدخصلت سوداگر دِتھ پھہہ۔

کینژٕ وٗہری پتہٕ آے تہندِس ماٗلی سنٛد طرفہٕ اَتھ مُلکس منز کینْہہ شیٛچھ خبرٲنن

وألِ تہٕ وۆنہکھ زِ بُزرگ بادشاہَس اوس یمَن وُچھنک زبردست آرزو تِکیازِ تَس اُس پننہِ زنانہِ ہنٛز کمینہٕ گی ننٛیمٕژ تہٕ امہِ کنٛز أ سس سو قتل کرِمٕژ۔ اَمہِ کنٛز وڑاے دۆشوٕے بارٕنی کانٛہہ ژیرلاگنہٕ ورأیی مأیلس سمکھنہِ۔ تِم وأتی وارٕ کاراورتہٕ وُچھکھ بڈٕمولتہٕ کۆرُکھ تَس سٟتی صلح۔ اَمہِ پتہٕ کھے کألی مۆ دِتہُنٛد مول۔ بُڈی بأے سنبھول اَتھیک تختہٕ لوٚکٹ بوے گووتہٕ رٕٹن تمہٕ مُلکٕچ حکوٗمت یُس بیٚنِس شہزادٕ سُند اوس۔ دۆشوٕے پرأد پرٛنہٕ پیٚٹھی خوشحألی تہٕ پننہِ انصافہٕ، مہربأنی تہٕ ہونرِ کنٛز کرِ کھنا ماوأری حاصِل۔

(راوی: بِشو رام۔ بانہٕ محل سرینگر)



# کمینہٕ یار

دیان اکہِ وقتہٕ سۆزاٗ کِ بٔڈ کِ تہٕ امیر بادشاہَن پٔنن نِچو سوداگر بناوِتھ دوٗر مُلکن
یُتھ زِ تِمس لۆکن تہٕ مُلکن ہِنٛز زیادٕ پے پتاہ لگہِ تہٕ ییلہِ تِمس تختس بیہنک وقت والہِ سُہ
آسہِ زیادٕ بہتر پاٹھی حکوٗمت کرنس لایق۔ اَمہِ مقصدٕ ڈٔژن اُمس سبٹھاہ روپیہ تہٕ سامانہٕ
گنٛجہٕ تہٕ دۆپنس نیر یوٗت ژٕ نے خوش گژھی، حبسہٕ رۆزی زِ تہٕ یوٗت پلی تیوٗت زِ ہنٛز زِ۔
یوٗت جلد ممکن سپد تہٕ شہزادٕ دژاو تہٕ تَس سٟتۍ اوس تٔمنٛد دوست یُس وزیرٕ سند
نِچو اوس، بیٚیہٕ اُکِس وارِیہہ نوکر تہٕ گُری سٟتۍ۔ وارِیہس پھیرِتھ تھوٗرِتھ واتی تِم
سمندرس لرِ اُکِس جایہِ ییٚتہٕ اُکھ سمندری جہاز نیرنس تیار اوس اُکِس مُمہِ پٮ۪ٹھ نیرنہٕ
بٕکٕنٛ کھٕسۍ تِم جہازس تہٕ دژاے گٔتھ تانی پرٕ مُلکس۔ کینٛژس کالس سپد پرٕتھ کینٛہہ رُتے
یوٗت تانی تِم اُکِس زوٗس پٮ۪ٹھ واتی تہٕ اَتہِ رُکیاو جہاز۔ شہزادٕ دۆپتھ اَتہِ یوٗن تہٕ دژاو
گُنے زۆن چکرا دِنہِ تِکیاز وزیرٕ زادٕ اوسنہٕ نیرٕن یژھان تہٕ تُوے لۆگن بیمار۔ اُمۍ
بدخواہَن کڈ شہزادس کل۔ یُتھ زِ سُہ اَتھ زوٗس اَنٛدری پکِ نہٕ یوٗٹھ چکرا کرِ ییلہِ زَن اُمۍ
جہاز ران تہٕ جہاز چلاوَن والین تَس وراٗے اَتہِ نیرنہٕ خاطرٕ رشوت دِیُت۔ تِمۍ نیاو
ناوی تِم جہازٕ ہۆل واپَس تَتھ جایہِ ییٚتہٕ پٮ۪ٹھہٕ تِم دژاٚمتۍ اُسۍ تہٕ لتہِ ژٔھن اُمۍ
سورُے سامانہٕ کِنتھ تہٕ امہِ پتہٕ دۆت واپس بادشاہَس نِش۔

"توٚہی اووجلدٕے واپس۔ شہزادٕ کتہِ چھُ؟" بادشاہَن وۆنُس۔

"عالی جاہ، شہزادٕ گُزریاو۔ أسی أسۍ مۆسان اکہِ زۆدِ کنٕ جہازس منٛز پکان زٕ أتھی منٛز وۆتھ اچانک اَکھ طوٗفان تہٕ یہِ ہُر یاوتیوٗت زِ جہازَن گُرلَرِتہٕ پھیوٗر رُدبہٕ تہٕ یِم تہٕ یہِ کینٛژھا اَتھ منٛز اوس گےٚ آبس۔ مےٚ کَر یہِ شہزادٕ بچاونٕچ سخت کوٗشش مگر افسوٗس بہٕ ہیوٚکُس نہٕ سُہ بچٲوِتھ۔ سبٕٹھے مُشکلن ہیوٚکُس بہٕ اَتہِ پان بچٲوِتھ۔"

ییٚلہِ بادشاہَن یہِ کلامہٕ بوٗزِتس سپُد سبٕٹھاہ دوکھ۔ تِمۍ وۆن دوارہَن دہَن پَنہٕ نِس نیٚچُوس تہٕ اَتھ دوران اوس سُہ دیوانہٕ باسان نہٕ اوسُس کانٛسہِ ہُنٛد تہٕ نہٕ کُنہِ چیزُک خیال صرف اوس نیٚچوس پیٹھ ماتم کران۔

ہُپٲرِکۍ أسَن وۆنۍ شہزادٕ سٕنٛدۍ حالات تہِ سُدرِنۍ ہیٚتۍ مِتۍ۔ ییٚلہِ تَس دوستہٕ سٕنٛز دغابٲزی ہُنٛد پتاہ لوٚگ سُہ لوٚگ راتس روزنہٕ خاطرٕ جاے ژھانٛڈنہٕ۔ اَکِس صاف آبچہِ ناگہٕ پوکھرِ لَرِ سوکھ ہیوٗ پژٲوِتھ تژٲوِ تِمۍ لَرِتہٕ اکہِ بہتر پکِھہٕ چہ وۆمیزمنٛز تژٲوِن نینٛدٕر۔ سُہ اوس شوٚنگتھے زِ نصف رأژ کیٚتھ کھوٚت اَمہِ ناگہٕ منٛز اَکھ پٔرۍ یَس کینٛژھہ سیاہ ہتۍ أسۍ تہٕ پیٹھ اَتتھ کھمن کھینٕہِ۔ ییٚلہِ تَمہٕ کھبتھ موکلووتہٕ اِدٕ گۓہِ شہزادس گَن تہٕ تَس ہُشار گرِتھ کوٚرُن تَس تہِ کھمن پیش یُس شہزادَن روٗٹ تہٕ اَمہِ خاطرٕ تَس سبٕٹھے شُکر یہ کوٚر تِکیاہ زِ تِمۍ اوسنہٕ اَتہِ بوٚن وَسنہٕ پیٹھہٕ کہنہٕ تہِ کھیوٚمُت۔

تِمۍ وۆنُس "اے پاکباز خاتون مےٚ وَنتہٕ ژٕ کوسہٕ چھکھ تہٕ ژٕ کتہِ آیکھ؟"

تَمہِ وۆنُس "جناب بہٕ چھس اَکھ پٔرۍ۔ مےٚ وَن پنٕنۍ دٔلیل ممکن چھُ بہٕ ہیکہِ ژےٚ مَدد کٔرِتھ۔"

تمۍ وۄنُس ''اے نازنین۔ بٔہ چھُس اَکھ شہزادٕ بٔہ چھُس مأݪی ہٕندِس وَنس پیٹھ علم تہٕ تجربہٕ پرٛاونہٕ خأطرٕ سفرس دژامُت۔ یتھ زَن بٔہ تَس پَتہٕ بہتر پأٹھۍ مُلک رأنی کٔرِتھ ہیکہٕ۔ بٔہ اوسُس اَکِس دوٗر جایہِ خأطرٕ وارَیہہ سامانہٕ ہیتھ جہازس منٛز پکان۔ یَیلہِ زَن سُہ جہازٕ کینٛژن گانٛٹن ہٕنٛدِ خأطرٕ یِیتھ رُکیاو تہٕ بٔہ دژاس یہِ زُووُچھنہٕ خأطرٕ نبر۔ بٔہ یَیلہِ جہازران ہٕنٛدِ دِتہٕ مَتہٕ وَقتہٕ مطأبق یوٗت تتھ واپس وۄتُس تہٕ مےٚ وُچھ زِ جہازٕ اوس مےٚ ورأے دژامُت۔ بے شک اَس اَتھ منٛز میأنس دوست وزیرٕ ہٕنٛدِس نیٚچوۍ ہٕنٛزٕ ژھوٚے یُس مےٚ سفرس دوران ہٕتۍ اوس۔''

پرٛی وۄنُس حأرتہٕ سان ''بٔڈٕ ذلیل۔ تمُس میلہِ اَمہِ کمینگی ہُنٛد بدلہٕ۔ جناب گرٕ ژٕ آرام۔ بٔہ یِمےٚ صُبحس تہٕ واتناوتھ مأݪی سُنٛد گرٕ۔ یوٗت یہِ نفر واپس گرٕ وۄتمت آسن۔ تتی کرہَن تِہنٛدِس پیٹھ خجل۔''

یہِ وۄنِتھ گیہِ سونا گہٕ پوکھرٕ کُن تہٕ گیہِ غأب تہٕ تَس پَتہٕ تمۍ ہٕنٛدی سپاہتہٕ۔ گاش پھولوٗن آیہِ سوپییہِ تہٕ تَس ہُشار کٔرِتھ دِتۍ نَس کینٛہہ سبٕتھے موٚلِلی لال جوأہرٕ یِمو زِپٹھن نقصان پُرٕ دِتہٕ پَتہٕ وۄنُس نیرنہٕ خأطرٕ۔ اَمۍ ہٕنٛدِ وَننہٕ مطأبق دژاوأتہٕ شہزادٕ وارَیہہ سپاہ ہٕتۍ ہیتھ تہٕ روٗدیکان یوٗت تأنی سُہ مأݪی سُنٛد گرٕ نش ووت۔

پٔتنہٕ خواب گاہ کہِ دارِ پیٹھ یَیلہِ بادشاہَس اَتھ جلوٗسس پیٹھ نظر پییہِ تمۍ سوچ زِ ''یہِ کُس ہیٚکہِ اَستھ؟''

تمۍ وۄن برنہٕ پیٹھہٕ کَس سنٛتریس ''ژٕ تُل دور تہٕ جلدٕ گژھ۔ اَمِس نفرس دِ لال جوأہرَن ہٕنٛزٕ یہِ دوٚژھ۔ خبر یہِ ما آسہِ کانٛہہ طاقتور دُشمن؟''

شہزادَن وۄن اُمِس سپاہَس "ژٕ گوٚژھ واپَس تہٕ وَن بادشاہَس زِ بہٕ چھُ دوست تہٕ بہٕ چھُس چانِس نیچِوِس متعلق زانُن آمُت۔ مےٚ بوٚزِ کینٛہہ عجیب اطلاع اَتھ متعلق۔"

یہِ بوٗزِتھ کوٚر بادشاہَن تٔمِس محل خانس منٛز استقبال تہٕ سبٹھے عزتہٕ سان آو پیش۔ اُمِس وُنِن اوٚش ہاران نیچِوِ سٔندِ جہازٕ پھٹنٕچ دوکھہٕ ہُنٛد ذلیل تہٕ انٛدوٗن وزیر سُند نیچُو۔ یُتھ نہٕ یہِ واقعہٕ بٲنہٕ بٲنہٕ وَنہٕ ہیس۔

اَمہِ پَتہٕ رٗوٗدنہٕ شہزادَس پانَس تانٛی تہٕ وۄننس "بابہٕ صاب، اوٚش وۄتھراو۔ چون نیچُو آو واپس۔ بہٕ چھُس سُے۔ گُنہِ طوٗفانہٕ پھوٚٹ نہٕ سون جہاز، گُنہِ واوَن کوٚرُس نہٕ بہٕ تباہ مگر بہٕ آس کمینہٕ گی کِنۍ اَکِس لوکٹِس آبادی روٗستِس زُوِس پیٹھ فاقہٕ پھٔرِ مَرنہٕ خاطرٕ ترٛاونہٕ۔" وزیر زادس گٔن ہاوان وۄننس "یمی شخصَن دِیُت جہاز ران تہٕ جہازٕکِس عملس رُشوت تہٕ بہٕ ترٛووُنس تِتھ یتھ زِ سُہ سوٗرے سامانہٕ کِنہٕ تہٕ سٲلم پانٕسے کھیِیہٕ۔

"ہیا بد معاشا، کمینا" بادشاہَن دِژ کرٛیکھ، مارِ واتلَن دِیو حُکم زِ تِم گرٕن اَمہٕ منٛز موجوٗد تِتھِس انسان دَفا۔"

بادشاہَن ییلہِ پَتٕن نیچُو وُچھ تَتہٕ سَپدی سبٹھاہ شادِیانہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کیہ کالہٕ گُزریاو بادشاہ تہٕ شہزادٕ یعنے تٔمۍ سٔندی نیچِوِ لٲج تٔمۍ سٔنزِ جایہِ حُکمرانی کَرٕنۍ۔

(راوی: پنڈت لال چند۔ کھنمو ہ پرگنہ وِہی)



# حیابٔند تہٕ زہرا خاتوٗن

توہہٕ چھو پتاہ زِنٛچو روٗس آسُن چھُ افسوٗس تہٕ پام۔ خاٗر، پتھ کالہٕ اوس یتمہٕ ملکُک اَکھ بارستہٕ امیر کانٛہہ تکلیفس منٛز تکیاہ زِ تَس اوس نہٕ اولاد۔ تُٔنٛد ناو، کتھہٕ پگہٕ؟ تَٔنٛد کاربار کُس چلاوِ؟ کٔسنٛدِ ناوٕ گرِ پٔنٛنۍ یپرٕ دولت؟ یِہے سوال اُسۍ تَس مُواُتر دِیہٕنٛس منٛز گَتہٕ گیوٗ رکران تہٕ تَمۍ کٔر سٔنٛدِ ناو و میدِ دِلہٕ اوس واپَس دو کھہٕ ہوٗت جواب یوان۔ ''مے چھنہٕ کانٛہہ نِچو!! مے چھنہٕ کانٛہہ اولاد۔'' سُہ اوس پانٛژن وقتن نماز پران ماہ صیامَس روزٕ تھاوان، صدقہٕ زکوٰۃ دِوان مگر باسان اوس زِ دے چھُس نہٕ نوٗٹھان تہٕ اُمۍ سٔنٛد بن آلوٗن اوس نہٕ گن تھاوان۔ مگر یہِ اوس صرف باسان۔ خدایہٕ سٔنٛدِس خیالَس ماہکو انسانہٕ سٔنٛدِس سوچس سٟتۍ کانٛہہ مشابہت دِتھ۔ دِیہٕ سُنٛد اوس یُوٗھن زِ تَس بخشہٕ اولاد۔ لہٰذا ایٔلیہٕ مُناسب وقت ووت تہٕ اُمِس زاو نِچو۔ باپاٗرۍ تھووُاَمِس حیا بند ناو۔ یٔلہٕ یہٕ پانٛژُوٕ ہر ووت تہٕ سوٗ زیہٕ ماٗلۍ مدرس تہٕ سُہ روٗ دپران یوٗت تانۍ سُہ داہوٕ ہر ووت۔

دوہ اَکھ بٔنیاو زِ باپاٗرۍ اوس وانہٕ درواز، کٔسِ پھالوٗس سٟتۍ بہتھ تہٕ تَس پیٹھٕ لۍاٗرۍ پکٕونمن دوٗن زچہٕ لاٗ۔ گَتھ لوکٹین شُر بن پیٹھ نظر۔ تَمۍ کوٗر تَمن آلو تہٕ پرٕ ژھنگھ زِ توٗ ہی

کیاز چھو پیتر مُفلس تہٕ تمو وۄنہس زِ تہُند مول، موج تہٕ بوے چھِ گُزرٕمتۍ تہٕ تمن چھنہٕ تیُتھ کانٛہہ اَشناوایا یارانظرِ تل یَس تم مدد ہکہٕ ہَن منگِتھ۔ یہٕ بوٗزِتھ آو سوداگرس یَمن ہُند سخت عار تہٕ ہِین پٔنٕن گرِ تہٕ پنہٕ نِسے نچوٗس ستۍ پرنأوِن۔ تمۍ سوٗنچ زِ تَس تہٕ ہٕنن یِم ستۍ بأج تہٕ نگھہٕ پھکیرِ تہٕ وان باپارٕچ کانٛہہ کانٛہہ کأم تہٕ کرن مگر یِم لڑکہٕ دراے بد خصلتھے یہٕ زَن اَسہٕ بڑٕ وٕنہہ کُن نَنہٕ۔

پنہٕ نِس رحمدل مألکس تہٕ مایہ برتس ستۍ بأجس شُکر گزار روزنہٕ تہٕ تمن گنہٕ رنگہٕ اتھہٕ شیٚہلاونہٕ بدلہٕ لاجہٕ یِمو تمن خلاف ژوپہ کرنہٕ تہٕ یَمن جنجل زدی کرناوٕنۍ۔ تم أسۍ پژھتھ دوہہٕ باپأرۍ لڑکس ستۍ سکوٗل گژھان مگر حیابند اوس محنتہٕ سان پنٕنۍ کأم کران تہٕ بنیاورت تہٕ عالِم تہٕ یِم أسۍ لاپرواہ تہٕ کاہل تہٕ کھنہٕ تہٕ ہیوٚ چھکھ نہٕ ماسوایہ پژھتھ قسمچ بد صفتی یوسہ اَمۍ خصلژٕ ہُند بن سکوٗلس منٛز پرن والین باقٕے لڑکن منٛز نہٕ آیکھ۔ اکہٕ دوہہ صُبحأے أسۍ یِم ترٛ نوے یکجا سکوٗل گوہان تہٕ أتھۍ منٛز لأجکھ کھاندرس متعلق کتھا کتھا کرٕنۍ تہٕ یِمو وۄن حیابندس کُن ''بوزسا اَسہٕ چھِ پتاہ زِ تسے کرنۍ جلدٕے کھاندرٕ ژ وَنگھ ناپنہٕ نِس مألس زِ سہٕ کرِ اَسہٕ تہٕ کھاندر۔''

''کیاز نہٕ'' حیابندن دِتھ جواب ''بلکہٕ سہٕ کرِ مألس زارٕ پارٕ زِ سہٕ کرِ بوگوژ توہہٕ کھاندر تہٕ تمہٕ پتہٕ مےٚ۔''

اَمہٕ پتہٕ کمے کألۍ روٗژ اَمۍ باپأرۍ اکھ منٛزِم یورا۔ تتھ سہٕ مختلف گرن گوٚہہ تہٕ ترٛٹھ کوٗ راوٗ چھہٕ یَس مول موج امیر آسن، مأرۍ منٛز، پرٕمژ پیچھِمژ، گانٛج تہٕ صفت بند آسہٕ۔ منٛزِمیأرۍ کرِ فوراً یہٕ کأم تہٕ کھاندر سپُد طے۔

کھاندرس پیٹھ کوٚر باپاُرکی یارن دوستَن بوٚڈ سالا تہٕ غرییَن تہٕ بأگرٕن سبٕھاہ تہٕ اَمہِ پتہٕ نچوٗس شاہانہٕ رَختالا۔ گتھ کوٗرُن نہ ہوٗ ورگُن رولنہٕ۔ یمَن دون بدخواہَن اوس یہِ سأکمُ پتاہ تہٕ اُمسِ بروٚنٛہہ وأتی اور تہٕ گرٕ کھیہ کوٗشش زِمہرنہٕ ہنٛدِس مأکس تہٕ ماجہِ گرٕ ہوأکی ہنٛز یہِ وٕنتھ دِنَن زِ حیابنٛد چھُ چور۔ اَتھ پیٹھ کھوٚت یمَن دوشوٕنی بأژَن سخت شرارت تہٕ تِمو ماژتٕہ ہَن یہِ رشتہٕ مگر کتھہٕ پأٹھی؟ ووٗنی اوس ژیری گوٗمُت۔ مہرازٕ اوس گوٗڈے ہوٗ ورگُن پکان۔ اَمہِ پتہٕ آے یمَہ بدخصلت حیابنٛدس نِش واپس پھیرتھ تہٕ ترتھ ترتھہٕ چالا گرتھ کھیوٗ وکھ نہ ترتھ موا۔ یتھ کیاہ تام دوٚہا اوسکھ موٗتھمُت۔ یمہِ ستی نہٕ حیابنٛد پننہٕ نِمن جامَن منٛز رُوٗدِ۔ اَمہِ پتہٕ یوٗت تِمَن پیٚیل تیٚوت دُژھہِ گیٚے سوداگرٕ سُنٛد گرٕ تہٕ اوٗش برتھ چشموتھ زِیہِ باس دِہَن زِیہِ بوٚزتھ چھُ تِمَن سبٕٹھی دوکھ سپدمُت، تہٕ لوگکھ باپاُرس وَنُن زِ یس زنانہٕ ستی تِمو نچوٗس گوٚنڈمُت چھُ سو چھےٚ ژکہٕ اَکھ ڈأن۔ یہِلہِ سوداگرن یہِ بوٗزتہٕ سپُد ناروناتہٕ نہ ژٕے ہے یہِ رشتہٕ مگر گرِ کیاہ؟ ووٗن اوسنہٕ وقتیٚ تہٕ پژ بتھ کانٛہہ اوس سوچان زوٗنی نتہٕ وُنی واتہٕ مہرازٕ۔

یہِلہِ مہرازٕ ہوٗ رووٗت تِمو کی ہنٛدی سپدن وأکی ہَش ہیٚرن لاج تَس رَژھہِ رَژھہِ سام ہینٛز تہٕ یہِلہِ تِمو یہِ ہنٛد رِموت تہٕ سبد ارٕ ہشہٕ حالژ منٛز ڈیوٗنٛٹھ تہٕ تِمَن باسیاوتھ پوٚز یہِ ہمو بدخصلت منافقت کرن والیو ووٗنمُت اوسکھ تہٕ کوٗرُکھ اُمس پننٛز کوٗردِس انکار۔ مگر گاتجہٕ تہٕ صفت بنٛد مہرنہٕ یَس زہرا خاتون ناو اوس باسیاو اَتھ منٛز کھنٛز تانی چال تہٕ کوٗرُن مأکس ماجہِ یہِ کھاندر کرنہٕ خاطرٕ زور۔ تَس اوس پوٗرٕ ہتھ زِ حیابنٛدُن مول چھُ رُت تہٕ دیانت دار یُس نہٕ دھوکہٕ ہیکہِ دِتھ۔ لہٰذا آے نکاح پرنہٕ شام ہیوٗ سپدتھ

ہیوٚتُن حیابندس دوہک اثر وُسُن سہ آو جلدٕے پنٕنہٕ نبن جامَن منٛز تہٕ پرٕ زناوٕن ہنٛز زنانہٕ تہٕ تَس وُچِھتھ گو وخوش۔

کینٛہہ دوہہ پَتہٕ درائے تِم رسمہٕ مطابق پُٹن گرٕ کُن۔ وَتھ اُس دورٕ پہَن لہٰذا اکوٚرتِموصحیح زِ تِم کڈِن یہِ دوٚن پڑاوَن منٛز۔ تِم رُکے اَکِس گامَس منٛز یِس نِصفا وَتہِ منٛز ہیوٚ اوس تہٕ کوٚرُکھ راتھ اَتی گزارنُک فیصلہٕ۔ تتھے آرام ہیوٚ تکھ ژٕ اوٚن زہرا خاتوٗنہٕ آو اچانک خیال زِ تِمہٕ اوسنہٕ ہَشہِ کاٚنٛتھہٕ ستی تلمتے۔ افسوٗس! وۄن کیاہ ہیکہ بہٕ کٔرتھ۔ یہِ گژھہِ خجالت زِ واٚرِواٚژ ژھرِ وِے اَتھو۔ یہِ بچاٚر سپٕز سخت پریشان۔ چھیکرس آیس نیٚندرِ ستی اَچھ وَٹنہٕ۔ ییٚلہٕ سوشوٚنٛج تِمہٕ وُچھ خاب تہٕ خابس منٛز وُچھن اَکھ نفرایوان تہٕ تَس ونان" ہے ڈیکہٕ نٕج، کھوژمہٕ نیر گژھ دٔریاوَس پیٹھ تہٕ تَتہٕ وُچھہَن ژٕ اَکھ لاش آبس پیٹھ یِران تہٕ تمی ہے چھی نرِ اَکھ سبٕٹھے قیمتی کژھہٕ گراٚ گتھ۔ لاشہِ کرآلو تہٕ یہِ پیہِ ژٕ ئے کُن۔ کژھہٕ گرکڈُس تہٕ سہ نہٕ پنٕنہٕ ہَشہِ ماجہِ۔ "اَمہِ خابہٕ ستی سپٕز سو ہُشار فلفور وۄتھ تہٕ گیہِ دٔریاوَس کُن یتہٕ تِمہٕ دوٗرِ پہَن اَکھ لاش آبس پیٹھ یِران وُچھ۔ تِمہٕ کوٚرتھ کُن آلو تہٕ سہ خوبصورت کژھہٕ گرئس تَس نرِ لاٚ گتھ اوس کڈِتھ آیہِ سو دُبارٕ تتھی مکانس منٛز۔ وۄن سپد ہے سأرِ رُتے ہرگاہ نہٕ تِم بدخصلت کٔرٕ آسہ ہَن۔ تِم اَسی اَتھی جایہِ اَنٛدی پکٕز زاگ ہتھ تہٕ پٕز بتھ کینٛہہ اوسُکھ وُچھمت۔ یِ اَسی تِم کانٛچھان۔ تِموچھوٚک دٔریاوٕ بٔٹھس تانی وَتہِ وَتہِ تہٕ بٔٹھس پیٹھ گٔژھ سُندر تھ تہٕ دورے سبٕٹھا وُژھہِ پنٕنہٕ نَس ماٚلکس نِش تہٕ وۄنہس پگھ وُچھ پنٕنہٕ نوشہِ ہُند کرتوت یتھ زِ پُٹن سہ نیوٚ لے اَپٕز تِمس بیہناوہَن یُس تِمو وۄنمت اوسُس۔ ییٚلہٕ تِمو یہِ کوٚر

باپأرِ آوتہٕ وُچھِن خوٗنہٕ داغ تہٕ ہیوٚتن تیٚتھ وَدُن زِ مرنس ہیوٚتُن واتُن۔ ژھمس کیٚتھ گوو سُہ نیٚچوس نش تہٕ وۄنن تَس تہٕ سورُے یہ پانہٕ وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت اوسُن مگر تمی ہِندی نیٚچوی کرنہٕ آتھ پژھ تہٕ کھوٚتس سخت شرارت۔ وۄں گوو دلیہ تہٕ دِژ یہ شہادت زِ تہٕنز ماٗلکنی دژ اییہِ نصف راٗژ ہیوٗ کینژَس کالس گرِ منز نمبر کیاہ کرنہٕ تہٕ اُس نہٕ تَس خبر۔

اَمہِ ستی سپُد حیابندتہٕ سبٹھاہ حاٗران تہٕ ہیٚژنَس یہ گتھ پہنی لہذا روٗدزنانہٕ نشہِ دورُے۔

اَمہِ دوہہِ دِگرس ہیوٗ واٗژ باپأرِ ہِنٛد گرِ واپس برات مگر اَتہِ اوس دوکھے ہیوٗ۔ زہرا خاتون آیہِ فورنے اٗکس الگ کُٹھس منز تھاونہٕ تہٕ دلیہِ وراٗے گوونہٕ تَس نکھہٕ بییہٕ کانْہہ۔ اکہِ دوہہٕ کوٚر راٗکی ہنٛزِ ہشہِ ماجہِ جگرے تہٕ درواز پیٹھے کُرن اٗمس نظر مگر سو ہیوٚ اُن خوفہٕ ستی بے ہوش گژھنی۔ یتھہٕ کنی گُزریاو سبٹھاہ وقتاہ اَتھ دوران روٗ دحیابند پَنہٕ نِمن دوٚن بدخصلت ساٗتھیَن ستی ہتھ ماٗلی ہِنٛدِس کامہِ کارس وُچھان واشان۔ سُہ اوس یِمَن دوٚن پنٛنی دوست زانان تہٕ بییہِ اوسُس باسان زِ یمو وۄنی مے پنٛنہٕ زنانہٕ ہنٛز اصلیت تہٕ یہٕ بچووہَس سبٹھہٕ خوفناک موتہٕ نشہٕ۔

اکہِ دوہہ وۄن باپأرِ پَنہٕ نِس نیٚچوس تہٕ ہُمَن دوٚنن جوانَن (تہٕ کیازِ اوٚت تانی اٗسی تِم دۄنی پوٗرٕ جوان سپدی متی) زِ تِم گژھَن باپارکِس سلسلس منز نمبر۔ تِمی کوٚر اَمہِ موٗجب زِ تَس اوس حیابند زنانہٕ ہنٛدِ کنی سخت دوکھس منز باسان تہٕ اوکنی اوس تَس اَمہِ نالہٕ پھرُن یژھان۔ یِم ترٛشوے دژاے تہٕ پکی کینْہہ میل اٗتھی منز پیو حیابندس اچانک یاد زِ تِمس اوس حساب کھاتہٕ مشتھے گومُت اَمہِ کنی پھیوٗ رگری ہے پیٹھ واپس۔ ہمن ساٗتھین کوٚرُن وعدٕ زِ یہ سمکھو توہہِ راتھ کیٚتھ پڑاوس پیٹھ۔ یِم حساب کھاتہٕ اُسی

زہراخاتونہِ ہنٛدِس کُٹھس منٛز۔ تِم کیاہ زِ اُسی تتہِ تہٕ چھُنہٕ پتاہ۔ لہذا ییلہِ حیابندواپس آ
سُہ گووٕلی وٕلی یِم اَنہٕ خأطرٕ اَتھ کمرس منٛز۔ أتھی منٛز وُچھن پٔنٛنی زنانہٕ۔ سوأس دوکھ
ہٕرٕ تہٕ خوٗبصورت تہٕ سبٹھاہ پرٕژ، نیک تہٕ مایہِ بٔرٕژ باسان۔ حیابندَس رٕو دنہٕ پانس تاژ۔
سو أنِن پانس کُن تہٕ لولہِ سان رٕٹن نامہِ مَتہِ تہٕ گٔری نَس میٹھی۔ سُہ رٕو دأمس رٕژ
رتبس کھنڈَس تہٕ دژ اوبرٕ پأٹھی یُتھ زِپَنہٕ نمن ساتھین تہٕ مالس وُچھِ ہے۔ تِم وُچھِ یِم
گوڈٕ نِکی سے پڑاوس پٹھ ییتہِ أمی یمَن وۄنمُت اوس زِ یہ سمکھو۔ تِم اُسی نہٕ اَمہِ جلیہ
پٹھہٕ ڈٔلی مٕتی تہِ تہٕ نہ اوسُکھ کینٛہہ مال گُنمُت یا کنہٕ خأطرٕ کانٛہہ کوشش کٔرمٕژ بلکہ
اوسُکھ شراب چنبس، زار گِنٛدنَس تہٕ یژھ نے کامن منٛز وَقت راوُ رمُت۔ ییلہِ
حیابندن یہِ بوٗزِ تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ تِمَن سخت اُڈزاُڈ کٔرِتھ دژ اوگُنے زوٗن
بژوٕنہہ کُن۔ تہٕ یِم بدخصلت پھیری واپس۔ یمَن کھوٚت پزنہٕ پیٹھی شرارت تہٕ کوٗرُکھ
یہِ قصد زِ حیابندس ہمو اُسی انتقام۔ یمو پور فقیر رخت تہٕ یمَن ہنٛدِ کینٛہہ پھنٛدتہٕ ہیچھکھ۔
اَمہِ پتہٕ گے باپأری سُنٛد گرٕ تہٕ دِژکھ کربکھ "ہے خوجا۔ خبردار رٕو زو، وُنہٕ چھُو وقت۔
گرس منٛز چھُو ڈأن تیمِس انسانس سٕتی مٕیل چھُ گوٚمُت تہٕ چھےٚ گوبہٕ کھوٗزٕ، خدایہٕ ہنٛد
خأطرٕ کڈیوٗن سوتہنٛد پٔنُن زُو بچاونہٕ خأطرٕ گرٕ منٛزٕ نتہٕ کرِو سوتوہہِ تہٕ توہہِ اُنٛدی پٔکی
سارِنے تباہ تہٕ بُرباد۔" یہِ وٕنِتھ دژ اے تِم اَتہِ۔

اُسی ہکو یہِ اندازٕ کٔرِتھ زِ تِتھین لوٗکن نِشہِ یژھ ہشہِ گتھہٕ بوٗزِتھ کیُتھ اَثر آسہ
باپأری تہٕ تٔمی ہنٛزِ زنانہِ پٹھ پیوٚمُت۔ تِمَن لٔگی پھیرٕ نی تہٕ کینٛہہ کرنس آیکھ نہٕ اَتھ وَتھے
یوٚ تأنی نہٕ تِمَن اَمِچ حقیقت نَنہِ ہے۔ تِمو دِژ ژھأنٛڈ اتہٕ پرٕتھ کأنٛسہِ زنانہِ وُچھکھ دوہٕ نچھکھ

مگر تہٕ کینژھا آ کھ نہٕ کُنہِ وَنہِ یہِ زَن فقیرَن وۄنمُت اوسُکھ۔ پتہٕ کۄر رتمو خُمر تھِے زِ زہراخاتوانہِ ہُند تہٕ گرو معلوم تہٕ ننیا کھ زِ سوأ س گوبہ کھور۔ تمہِ ونیا وپنٕز کنٕز سبٹھاہ زِ سوچھنہٕ ڈأن بَلکہِ اَکھ پاک زنانہٕ مگر سُہ کُس مانہِ ہبس۔ باپأرکی گوو دیوانُس نِش تہٕ کۄرُن یہِ زنانہٕ قتل کرنہٕ پننگ اجازت حأصل۔ سو آیہ أ رکس جنگلس منٕز ننہٕ بینٕہ تَس گلہٕ ہیر أس ژٹنٕز۔ جنگل وأتتھ کۄر تمہِ مارٕ واتلَن زار پار زِ مےٚ پٹھ کُری تو رحم۔ تمہِ دِژ کربکہٕ ''ہے۔ توٚہی مَتہٕ بنٕی تو پتی ظأ لم تہٕ بے انصاف زِ أ رکس بے گناہ تہٕ معصوم زنانہِ ژٹو گلہٕ ہیر۔ مےٚ چھنہٕ تیٚتھ کانٛہہ خطا کۄرمٕت۔ یتھ پٹھ مےٚ سزاے موت دِنہٕ یِیہِ تہٕ نہ ہیکہِ اَتھ متعلق کینٛہہ ثأبت سپدِتھ۔ تیٚلہِ کیا زِ مأ رِوتوٚ ہی مے؟''

تمو وۄنُس ''اَسہِ چھِ یی حُکم دِنہٕ آمُت۔''

اَمہِ پتہٕ ترٛ ووامہِ زمینس پٹھ ڈ بکہٕ تہٕ موٚنگُن ''میانہِ خدلیہ، مےٚ پٹھ کرتہٕ رحم۔ ژےٚ چھےٚ پتاہ زِ مےٚ کۄرنہٕ کانٛہہ گناہ۔ میأنس حالس پٹھ کرتہٕ رحم مےٚ دِتہٕ نجات۔''

اَمہِ پتہٕ آو اَکھ مارٕ واتُل برٛ ونٛہہ کُن تہٕ تجن پننٕز کرتل أمس گلہٕ ژٹنہٕ خأطرٕ۔ تتھےٚ تجُن تہٕ اَتھ بَنیہِ ہٕٹ اَمہِ پتہٕ گر بے سپاہَن کرتل چٕنج کوٚشش مگر سُہ ہیوٚ کنہٕ تہٕ گُری تھےٚ تِکیا زِ تَس پھیری اَتھےٚ پتھ کُن اَمہِ پتہٕ آو ترٛیم نفر اَمہِ کامہِ خأطرٕ برٛونٛہہ کُن تہٕ تَس آو گیوٚ رتہٕ گوو بے ہوش۔ تتھہٕ کنٕز بوٚز خداصأبن أمس زنانہِ ہُند تہٕ بدخصلتن ہُندِس وَننس سپُد ادلہٕ بدل۔

ییٚلہِ مارٕ واتلو یہِ سأ لم وُچھ تہٕ تمَن تو رفکرِ زِ خدایَس چھنہٕ یہِ منظوٗر۔ تہٕ

وۄنہس ''ہے سیائٕری اٚسی ماروو تھ نہٕ ژٕ مگر اَسہِ وَن ہرگاہ ژٕ اٚسی ترٛ اووتھ اٚسی کتھ پاٹھی بچو پانہٕ تِلکیاٚ زِ ییٚلہِ دیوان تہٕ باپاٲرِس یہِ نَنہِ زِ اَسہِ پول نہٕ تہٕنٛد حکم تم گوٚھن ژٕ کتہٕ دِن اَسہِ سزا۔ اَسہِ چھُ حکم ژٕ ے گلہٕ ہیر ژٕنٛڈ تہٕ سو واپس تورواتناوِنی۔''

زہرا خاتونہِ وۄنٕکھ ''مہٕ کھۄژِو۔'' کینٛہہ میٚژِ ہنا سوٚمبرن تہٕ سوے اُڈرن ''بہٕ بناوِ یَتھ گلہٕ ہیر'' یِ ونان بنوو تٔمۍ اَتھ پَنہٕ نِسے کلس ہیۆ گلہٕ تہٕ خدایس کوٚرُن زار پارٕ زِ یہِ بنٕۍ تَن مازتہٕ خوٗنچ۔ خدایَن بوٗزُس پَتہٕ۔ میٚژ گلہٕ ہیر بنییہِ فورن انسانہٕ گلہٕ ہیر یَتھ خوٗن اوس وَسان۔

''زٕ ٹو یہِ'' تَمہِ وۄنٕکھ ''تہٕ دِیو یہِ سوداگرس، سپا ہوٗ ٹ یہِ تہٕ دژاے اَتہٕ۔ ییٚلہِ باپاٲرۍ یہِ رَتہٕ ئٕری گاہٕ ہیر وُچھ سُہ گو وکاٚفی خوش تہٕ تٔمۍ ترٛاٚ وِیہ پَنہٕ نِس باغس نیٚبرٕ کنہِ الاگٕژو۔

زہرا خاتون رۄز کینٛہہ کالا جنگلس منٛز تہٕ یہِ موٚ یا سبزیا اَتہٕ ژٕس تی کھیٚن۔ پَتہٕ ییٚلہِ اَتہٕ نیرٕنچ خاہش گیس تَمہِ وۄن اُکس کُلِس زِ ژٕ یوٚ دحیابند وچھَن تٔمِس دٔز زِ بہٕ کوٚت گیَس۔ سوٗ گیہِ بیٚیس مُلکس تہٕ اَتہٕ سمکھے یَس اَکھ غریب بُڈٕ زنانا تہٕ رۄزاٚم ہے نِشہِ۔ دوہلہِ اُس یہِ کاٹھ تہٕ باتے تم چیز سوٚمبرنہٕ گرٛھان یمَن سوٗ گِنتھ ہیکہِ ہے تہٕ راتس اُس اٲمس بُجہِ ہنٛدِس گرِس منٛز شونگان۔ پَتہٕ ووت وقتاہ زاس اَکھ اصل لڑکہٕ ہنا۔

اتفاقَن اوس اٲمی وقتہٕ مُلکانہٕ تہٕ وَقت۔ سوٗ اُس منگہٕ منگ تہٕ وومید کران زِ تَس نیبِو نیچو تِلکیاٚ زِ بادشاہَن اُس تس دھمکی دِژٕمژ زِ ہرگاہ تَس نیٚچو زاوسہٕ ژٕھنہِ تَس

مأرِتھ۔ اِدٕ کٔنۍ اُس سو بچأرٕ بڈٕ پریشان۔ تمہِ انناوِ شأہی وارِنہٕ تہٕ پرٛژھنٛکھ زِ تٔس زنٛویا نچٕو کِنہٕ نہٕ۔ تمو سارِوٕے دِیٚت ہس نکار سے منٛز جواب تہٕ دِتھکھ مشورٕ زِ سو اُنِن کُنہٕ نوزاد بچہٕ یُس لڑکہٕ آسہِ تہٕ سو کٔرِ یوسہٕ تمن باسان اوس زِ اُمی ہنٛدِ مرِ پیہٕ تٔس مہ تھاوِن اَتہٕ۔ مُلکہ ہٕ زیہٕ ہنٛز یہِ گتھ تہٕ پرٛ ہتھ لئِدٕ کرِن خبری رولنہٕ یتھ تم تٔس خاطرٕ یتھ شرٛ ابد کڈٕن۔

یمٕوے خبرِ یومنٛز وقت اَکھ اُمس بچہِ ہُنٛد گرٕ تہٕ اَتہٕ یہِ نوزاد بچہٕ وٕچھتھ ؤٕنُن تٔس زِ ژٕ کن تن یہِ مُلکانہٕ۔ یہِ اُس اَکھ لالچی بڈٕ مانٛگنیاتہٕ کوٚرُن اُمس اقرار۔ بچہِ دِتُن اُمس نفرس تیمی سہ ڈلی ڈلی مُلکہ نشہِ واتنوو۔ مناسب وقتس آو بچہِ ہنٛدِ زہنک اعلانہٕ کرنہٕ تہٕ شہرس منٛز آیہٕ زبردست خوٚشیہٕ مناونہٕ۔

یام سہٕ خبری درامُت اوس بچہِ آسہِ کینٛہہ بچہِ کنہٕ سوٚمبرٕ مرٛ۔ یمومنٛز تھاوتمہِ اَکھا تتھ جایہِ ییتہٕ یہِ بچہٕ شوٚنگتھ اوس آسان تہٕ باقے کُنہِ تھاوِن المارِ منٛز۔ یلہِ زہرا خاتون واپس وأژ تمہِ (بچہٕ) دِتُس باس زِ کوسہٕ تانی ہِہیاتا آیہٕ اورتہٕ تم بنأو اُمس شرٛرس تتھے کٔنۍ کٔنۍ تہٕ تھہٕ کٔنۍ تمہِ کٕر ہنٛد بن وارِیہن شرٛ بن بناوِ منٛز آسہِ تہٕ اِدٕ موکھہٕ ہاوِنس تمہِ کنہِ یمہٕ المارِ منٛز آسہِ بییہٕ وٕنس یہِ وِہیات چھے اور وٕری یس منٛز اکہٕ پھرِ یوان۔ بچأرٕ زہرا خاتون۔ تمہِ کوتا وٕ د نچٕو راوِنس پیٹھ۔ گوٚڈٕ روٗوس خانہٕ دار تہٕ وٕنۍ نچٕو۔ سو اُس وٕنۍ پانس خأطرٕ موت کانچھان۔ یہِ دُنیا چھُ ظألم تہٕ یہِ چھُ تس خأطرٕ تفریق۔ تٔس گتھ کیٚتھ اوس زندٕ روزُن۔ تٔس خأطرٕ اوس یہِ ماتمے ماتم۔ سو اُس وٕنۍ دہس مۄ، زیٚن تہٕ کینٛہہ تتھی چیز سوٚمبرِ نہٕ نیران۔ یتھ پیٹھ زنٛدٕ ہیکہِ ہے روٗزِتھ تہٕ راتھ کیٚتھ اُس

أمِس مکرِ بجہِ ہُنٛد گرِ بوان بیٚیتہٕ نہٕ تَس کانٛہہ سکوٗ نا اوس۔

اَتھ دوران گوو تَسُند نیٚچو (یُس وۄنی شہزادٕ اوس) بڈان تہٕ سُہ بنیاوا کھ عاقل تہٕ رُت جوانا۔ پَنٕہ نِس چکرس دوران اوس سُہ اکثر أمِس بجہِ ہٕنٛدِ گرٕ کِنی نیران۔ اکہِ دوہہ پیٚیہٕ تس زہرا خاتونہِ پیٹھ نظر یوسہٕ امہِ ساتہٕ دُہچہٕ دربدری پَتہٕ واپس اُس یوان۔ سُہ گوو تسنٛزِ خوبصورتی وُچھِتھ سخت متأثر اِوٕ کِنی کوٚڈُن پَے زِ یہِ کَتہٕ چھےٚ روزان۔ پَتہٕ بیٚیلہِ سُہ واپس محل خانہٕ ووت سُہ گوو بادشاہَس نِش تہٕ گرٕن تس عاجزی زِ مےٚ گرأ سےٕ اَتھ کھاندر۔ بادشاہَن کوٚرس وعدٕ زِ یُہ سوچہِ اَتھ پیٹھ تہٕ انٲوِن زہرہ خاتون نار دِتھ محل خانس منٛز۔ سُتہٕ گوو کمہِ سنٛزِ خوٗبصورتی تہٕ ووتھُن یہن وُچھِتھ زبردست متأثر۔ تمہِ وۄن تَس زِ شاہزادس چھےٚ چاأنی سخت مانے تہٕ اِوٕ کِنی گرِ کھاٹِ تَس ستی کھاندر۔ اَتھ کتھہِ درجواب وۄنُس تمہِ زِ سوچھےٚ گوڈٕے نیترِ گرٕ اکھ تہٕ تَس چھنٕہ یہِ معلوٗم زِ تَسُند خانہٕ دار کیاہ چھُ گُزریوٗمُت وۄل گوو تمہِ کوٚرُس وعدٕ زِ ہرگا تس بیٚیہٕ شبن رتبن تَسُند کِہنی تہٕ نیٚاد نہٕ تیٚلہِ گرِ سو شاہزادس ستی۔

بادشاہَن موٗن أمِی سُنٛد یہِ درخاس تہٕ اَمہِ کِنی بیوٗٹھ کینٛژس کالس یہِ معاملہٕ۔ تمہِ وۄرِ یہِ تہٕ تمہِ پَتہٕ واریہَن وۄرِیَن اوس حیابند کاربار کِس سلسلس منٛز دنیا کِہن مختلف مُلکَن پھیران۔ تہٕ چھیکرس اوس یِہوے وقتا زِ سُہ آو اکھ امیر شخصا بنِتھ گرٕ واپس۔ تمہِ سوٗچ زِ یُہ ژھانڈَن پننہِ زنانہٕ تہٕ یہِ زانتھ زِ تسِنٛدِ کِنی اوسنہٕ کانٛہہ نقصان ووتمُت۔ أسی ہکوٗ یہِ اندازٕ کرِتھ زِ تَس کوتاہ دوکھ آسہِ یہِ بوٗزِتھ سپُدمُت زِ تَس ستی کیاہ آو کرنہٕ۔ تمہِ پرٕژھ مأجِس ماجہِ زِ مارِ واتلو کیاٚ اُس تسنٛزِ زنانہٕ ہیٚرِ تہٕ کتھہِ اوسُکھ یہِ

ظاۂلم حُکم عملہٕ منز اوٚ نمُت ۔ییلہِ تمو اُمس یہِ ووٚن تُمہِ ژٕ کینژہ ضروری چیز تہٕ دژاوٕ تُمی وَتہِ ۔ خدایہِ ہٕندِ یژھنہٕ ووت سُہ اَتھ جنگلس منز تہٕ دژاوِ تُمی گُلہٕ کٔنز۔ یتھ زہرا خاتونہٕ یہِ اوس ووٚنمُت زِ ژٕ ژٕ ژٕنی زِ تَس میوٚن پےٚ پتاہ۔ ''چاۂنی آشنہٕ چھنہٕ موٚہرٕ'' گُلہِ ووٚنُس ''یوسہٕ گُلہٕ ہیر چاۂنس ماۂلس نِشہِ واتناونہٕ آیہِ سو اُسنہٕ چانہٕ زنانہِ ہنز۔ چاۂنی زنانہٕ چھےٚ زِندَ ے۔ نیر کانہہ ژٕیرلا گنہٕ وراۓ تہٕ وات فلاۂنی مُلکس تہٕ تتہِ لَبہٕ ہَن ژٕ سو یوسہٕ سُہ ژھانڈان چھُہَن۔

کینژَن دوٚہَن سفر کرنہٕ پتہٕ ووت یہِ جوان سوداگر تتھ مُلکس تہٕ اکہِ دوہہٕ صُبحاۓ ییلہِ سُہ شہرٕ کہِ بازرٕ منزٕ پکان اوس تُمی وُچھ کینژہ زنانہٕ بٔجہِ ہُنٛدٕ گرٕ گن چیز پکناوان۔

''یِم چیز کَس کتھ چھِ؟ توہہِ کوٚت چھو گژھُن؟'' تُمی پرٕژھ یِمَن۔

''اَتہِ چھےٚ اَکھ زنانہٕ یَس زہرا خاتوان چھِ وَنان تہٕ تُمی سُنٛدٕ ے کھاندر چھُ شہزادَس سٟتی سپدَن وول۔ تُمی ہٕندِ سخت غریب آسنہٕ کٔنی چھِ بادشاہَن یِم پلوٚ تہٕ لال جواۂہر کھاندرٕ خاطرٕ سوٚزی متی۔ سو چھےٚ واریاہ وُری برٕ ونٛہہ بینہٕ کمہِ تانی مُلکہٕ پٔتھہٕ یور آمٕژ۔''

یِمہٕ گَتھہٕ بوٚزِتھ دِژ حیابندن اُمس بٔجہِ ہٕنٛز موہرِ واژٕ وأج تہٕ کوٚرنس زارٕ پارٕ زِیہِ ہاوتہٕ زہرا خاتوٗنہِ۔ بہٕ یِمہٕ ژٕے سٟتی درواز َس تانٛز تہٕ پژارٕ اُتی تھےٚ۔ زنانہِ کوٚرتی تہٕ زہرا خاتوٗنہِ پژٕ زناوِیہِ دِستی۔ سو دژٕ لیہِ نبر تہٕ روٚژُن یژ کالہٕ پٔتھہٕ رووُمت پٔژن خانہٕ دار نالہٕ مَتہِ۔ اُمی ہٕندِ تیٖچ خبر آیہِ فلفور محل خانہٕ سوزنہٕ۔ بادشاہَس سَپُد سبٹھاہ مایوس اما

پۆ زشہزادِ اوس سخت اشتعالَس منز۔ أتھی مرٕ رَس منز دژ اوسہٕ فورن تہٕ ووت تٔھ گرِس
منز ییٚتہٕ زہرا خاتون روزان أس تہٕ گٔرن سویہ گتھ مأنی راوٕنچ کوٗشش زِ سونیرٕ تٔسی دِتی۔
مگر أتھی منز آوسہٕ کتھہٕ تانی پأٹھی پرزٕ ناونہٕ تہٕ ننیٲ وزِیہٕ اوس تَسند نیچُو۔ مٔلکانہٕ تہٕ تہٕ بچہ
تہٕ وۄن پانے تہٕ سأئلم یہٕ حقیقت أس۔ تیمی خبری یَن بچہٕ نمت اوس تٔمی کر تہٕ وۄن
سورُے کینژہہ مگر یَمو شہادژ وہُر یمانہٕ یُس سارِوے کھوتہٕ بۆڈ ثبوٗت اوس سہٕ اوس یہٕ زِ
یہٕ لٔرکہٕ اوس پننہِ ماجہِ تہٕ مألِس ہتی شکلہِ رلان۔

بادشاہَن ییٚلہِ یہٕ سأئلم پوٗ زتَس کھوٚت زبردس شرارت۔ تٔمی ژہٕھنی فورن ملکہ
ترٲ وِتھ تہٕ بُڈ ژھنأوِن مأرِتھ۔ حیابند، تٔمی ہشز زنانہٕ تہٕ تہٕنٛد نیچُو گے پٔتِن مُلک واپس
ییٚتہٕ تم امہِ پتہٕ ہمیشہِ پانہٕ وأنی خوش پأٹھی روٗدی۔

(راوی: پنڈت شِو رام، بانہٕ محلہٕ سرینگر)



# چالاک شال

یہِ اوس زمین واینگ وقت تہٕ اَکھ گرٕ ستادز اوسُلی پنٕہ نِس کھہَس کُن تہٕ زنانہِ وۄنُن زِ ژٕ تہِ یِی زِ جلدٕ ے بَتہٕ ہتھ۔ییٚلہِ بَتہٕ تیار گوو زنانہِ تٕج اَمہِ منٛز اُڈ ہناتہٕ نٕین خاوندَس۔ کھہس منٛز تٕمس نِش دۄرٕ ے پہَن تھاُوِتھ وۄننس ''ییکیاہ چھی بَتہٕ تہٕ بٕہ ہیکہ نہٕ بیٚتہٕ رۄٚ زِتھ'' کہٕ کأنٛی ییٚلہِ گرٕس بَتہٕ اَنہِ گوو کٕمؠ دُ چھ اَتہِ بانہٕ ژھوٚرٕ ے۔تَس کھوٚت اَکھ پیٛٹھ سخت شرارت تہٕ شامَس ییٚلہِ سُہ گرٕ ووت تٕمؠ کٕر زنانہِ سخت بوٚاَ ری زِ سوٗچھےٚ اُمس اۄنگجن پیٛٹھ نژناوان۔ تَس اوس پنٕنہِ جایہِ یِی خیال زِ سُہ چھُ اپُز وَنان اَمہِ کِنہٕ کھوٚت تَس تہِ غوصہٕ۔

دۄیمہِ دۄہہٕ صُبحٕ گرِ نیرنہٕ برٛ ۄنٛہہ وۄننس کالہٕ کی پأٹھؠ زِ ے اَزٕ بَتہٕ تہٕ ہۄنٛ ہٕندی پأٹھؠ تھأوِی زبم نہٕ بوچھ بوچھ گرٕ ۄن۔اَمہِ دۄہہٕ نیٚو تٕمہِ تَس خأطرٕ اَکس بُڈٕس کترِ لیٚلیس منٛز دٕ گنہٕ بَتہٕ تہٕ کھہَس منٛز تھاُوِتھ وۄننس ''دُچھ وۄنی۔یِی چھی کالَس تانی کھمن۔پَتہٕ دۄنی زبم نہٕ زِ ژٕ ے اۄتھم نہٕ۔بٕہ ہیکہ نہٕ بیٚتہٕ رۄٚ زِتھ تکیاز گرٕ چھنہٕ کہٕنہٕ'' یہِ وَنان وزٕ ایہِ سو۔

کہٕ کأنٛی آو اَکھ شالا۔یہو ہے اوس راتھ تہٕ آمُت تہٕ بانس منٛز گلہٕ ترٛ اُوِتھ اوسُن بَتہٕ کھیتھ نِمُت۔یہِ شال اوس تیوٗت بےتاب بَتہٕ کھینہٕ خأطرٕ زِ اُمی بۄرزورٕ پنٛن

گَلہٕ لیچہٕ ہٕنٛدِس تنگ گُلس منٛز تہٕ پَتہٕ ہیوٗکُن نہٕ اورٕ واپَس کڈٕنۍ تھٕے۔ یہ اوس وۄنۍ پۄرٕ تاوِنس لۄ گُمت اَمہِ لوگ اورٕ یور گرٕن، گَلہٕ دٕنُن تہٕ بانس پٕتھرِس پیٛٹھ دَب کڈٕنۍ یتھٕ زٕ یہ پھُٹہٕ ہے۔

اُخرتہٕ وُچھ گرٕیسی زِ معاملہٕ کیٛاہ اوس تہٕ آوشرٕ اکہٕ پیٚچ ہیتھ دوران دوران تہٕ گوس ونان ''کولہٕ ژۄرٕ، ژٕے نیوٗ تھامیوٗن کھمن، تیٛا؟''

شالَن دِژ کربکہٕ ''مےٚ ژ اوتہٕ یلہٕ۔ مےٚ گرتہٕ ییٚمہِ لیچہٕ منٛز آزاد پَتہٕ یہ ژٕ وَنکھ تہٕ دِمے بہٕ۔''

گرٕیسی وۄنُس ''چلو ٹھیک چھُ''۔ فورَن ژٕھنِن لیٚچ پھُٹرِتھ تہٕ شال گو یلہٕ۔

''شکریہ۔ ژٕے گژھی نہٕ اُزٕ چہٕ یتھ کامہِ پیٛٹھ کانٛہہ افسوس سپدُن۔''

شالن وۄنُس تہٕ اُتھی ستۍ الوداع کران دژاو بادشاہ ہٕنٛدِس محل خانس کُن یُس کیٛنٛہہ میل دوٗر اوس۔

بادشاہ ہٕنٛدِس دربارس منٛز اژان وۄن اُمۍ ''بادشاہ سلامت۔ مےٚ دِیِو اجازت بہٕ گرٕتھنٕ کو رِہُنٛد کھاندر۔ یِہنہٕ میوٗن شرارت کھبو۔ بہٕ ہیکہٕ ہانہٕ اَتھ معاملَس منٛز تو ہہ ستۍ یتھہٕ کنٛز کتھ کرِتھ ہرگاہ نہٕ مےٚ حالے تیٛتھ نفر آسہِ ہے وُچھمت یُس زَن پزٕ بتھ رنٛگہٕ شاہزادِ لایق چھُ۔''

بادشاہَن وۄنُس ''ژٕ ہیکہٕ ہَن ژٕ سہٕ نفر یور اُنتھ تہٕ بہٕ وُچھن سہٕ۔''

اَمہِ پَتہٕ دژاو شال جلدٕے گرٕیسی سُنٛد گرٕ کُن تہٕ اندر اژان وۄنُس زٕ ژٕ کر وُلۍ وُلۍ ہمسایہ مُلکہٕ کِس بادشاہَس زِشہِ یِنہٕ خاطرٕ تیاری یُس ژٕے پنُن زامتٕ چھی

غریب اِنسانس خاطرٕ چھےٚ سبٹھاہ جان"

شائن وۄنُس منزٕ ے "جناب وُچھو اَمی ہنٛز نیزمی"

بادشاہَن وۄنُس "ژٕ روز کھاز راتس ییتۍ محل خانس منز تکیاژمےٚ چھےٚ ژٕ ے ستۍ کینژن معاملن متعلق کتھ کرٕنی۔ تہٕ ہرگاہ ممکن سپد پگاہ گژھہ ءٕ بہ تہٕ وُچھ چون گژھ"

تتھ راتس کوٚر بادشاہن، گرٕیسی تہٕ شائن وارِیاہ دربارا۔ تہٕ یہ زن اندازے چھُ ژِ گرسیوٗس روٗد لگاتار ہژرلدٕ ے اورُک یورونان مگر چالاک شال روٗد تتہٕ پأٹھی معاملہٕ سنبھالان ژِ بادشاہ سپد گلس پیٹھ اَتھ رشتس پیٹھ تیار۔

مگر پگہہ کیاہ بنہٕ؟ شالس اَسی رأتی راتس اَتھی معاملس متعلق خیال ذیہنس منز گتہٕ گیوٚ رکران۔ وۄنی یام بادشاہ تہٕ گرسیوٗس اورُکن وژاے شالن موٚنگ یمَن برنہٕ نیرنک اجازت۔ اَمی یوٚت ہیوٚک تیوٚت تیز دوریاویہٕ گرٕیسی سُند گرُن تہٕ دِژن اَتھ نارتہٕ ہُم ییلہٕ نکھہٕ وأتی سہٕ آو تمن بُتھہٕ کربکہٕ دوران "بادشاہ صأب، مہربأنی کرِتھ مہٕ پکِو برٕ ونہہ۔ اَمی سُند گرٕ تہٕ جاداد سپد وأران۔

اَتھ منز گژھہٕ کأنسہٕ دُشمن سُند اتھہٕ آسُن۔ بہٕ چھُسو توہہٕ گلی گنڈان تۄہۍ دونوٚ ے پھیر وواپس۔"

لہٰذا اپھیوٚ ریہٕ بچور سیوٚد بادشاہ واپس تہٕ کینہہ کألی کوٚر تمی پننہٕ کورِہُند کھاندر اَمِس ژٕڈ گرٕیسی تِس ستۍ۔

(راوی۔ پنڈت واشہ کول، کھِی پوٚر پرگنہٕ کرہُن)



# سبد ابوٗ ٹی

أ کس بنا وَتھ لِدَ نہِ موٗنڈِ ہنٛدِس گُدرنِس سٕپُد تمہِ ساتہٕ ہُر بریٖلہِ تَس یہِ ننٛیاو زِتسُند نیچو، یُس تس گٔنے اوس تہٕ یَس ٲسی تَس سبٹھاہ ووٚمیدآسہٕ اوس چور۔ اکہِ دوہہٕ سۄ زٕسہ تمہِ کیٛنہہ کرٕ ہیتھ بازرتہٕ وۄنُنس یہِ ٲکس زِ ژوٗن روپیَن۔ لڑکہِ گووتہٕ بیوٗٹھ شہرٕ چہِ سارِوے کھوتہٕ بجہِ دَتہِ پیٹھ یپأرِ زیادٕترلوٗکن یُن گوٚھن اوس۔

أکی نفرَن پرٛژھُس ''ژے کوٗتاہ گرٛھی اَتھ کرٕ ٹکرس''

لڑکن وۄنُس ''ژورروپیہِ''

''چلوٹھیک چھُ۔ بہٕ دِمے اَتھ ژے شے روپیہِ۔ یہِ لوٚتیوٗت۔ رٔٹھ سایمہٕ گیٛیہِ روپیہِ''!

''نہٕ نہٕ'' لڑکن وۄنُس ''اَتھ چھُ ژورروپیہِ قیمت''

نفرن وۄنُس ژکھِ سان ''کولہِ بدماشہِ'' تہٕ دراوپانس۔ تَس باسیاوزِ یہِ لڑکہِ چھُ مے ٲسی مَسایہِ ژٹان۔

شامس باگی گرِ وأتِتھ وۄن أمِ ماجہِ یہِ واقہٕ تہٕ تَس پھیوٗ رسخت زِ أمِ کیٛازِ رَچھِ نہٕ تمہِ روپیہِ۔

دوٚیمہِ دوہہ سوز سُہ تمہِ بازرتہٕ وۄنُس ہارِنے گوٚھہِ سلام کرِنی تکیٛازِ

شایستہٕ گیٖ ستیٖ چھنہٕ کانٛہہ چیز راوان بلکہ چھُ اَمہِ برعکس کُنہِ کُنہِ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز اَمہِ
ستیٖ حاصل سپدان۔ یہِ بیقل دڑ اوتہٕ یُسے نفر اٰیاسُے چیز ابُتھِ پیٚوٚس تتھ اوس ہکہٕ سلامہ
کران۔ ڈُوَن وأرلِس تہٕ، گُرِس تہِ، ہٕنکن شُر بن تہٕ، کُنہِ مکانس تہِ۔ کینٛہہ خر دڑاے
بور ہیتھ أمِس ہٕکنہٕ تِمۍ کرِیمَن تہِ سلام۔

وۄں یُس خر وول یمَن ستیٖ اوس تِمۍ وۄنُس "ہیو۔ بے وقوفا۔ ژٕ کیاہ یہِ
کران۔ ژٕے چھی ناپتاژِ أسی چھِ یمَن پزٕ ہ، پزٕ ہ کران۔" یہِ بوٗزِتھ لوگ أمۍ لڑکن
پزٕ بتھ کانٛہہ نفریا چیز ڈیشتھ یمَن پزٕ ہ، پزٕ ہ کرُن۔ سُہ دڑ اوأ ہٕکس نفرس ہٕکنہٕ یمۍ امی
وِزِ سُہ جاناوار رٹنہٕ خاطرِ والہِ وأش أس لأجہِ یُس سُہ رٹُن اوس یژھان۔ لڑکن لوگ
کرُن "پزٕ ہ پزٕ ہ" یمہِ ہٕکنہٕ جاناوارس کُنی چھک لٔج۔

"ہیو بدماشا۔ ژٕ کہو یہِ کران" أمۍ نفرن وۄنُس "ژٕے پزٕ ہی لوٚت لوٚت
وَنُن لگی۔ لگی۔ لگی۔"

اَمہِ پتہٕ لوگ لڑکَن وَنُن "لگی۔ لگی۔ لگی۔ لگی" سُہ اوس اورِ یورِ پھیران تہٕ
کربکہِ دِوان "لگی، لگی، لگی، لگی" تہٕ أتھی منزٕ پیٚے تِمَس کینٛہہ ژوٗ ربُتھہِ یمِ اکہِ باغہٕ منزٕ
اَمہِ وِزِ مۄ ژوٗ رِأنتھ أسی نیران۔

تِمو وۄنُس "ژٕ ہٕکہو یہِ ونان۔ بے وقوفہٕ کرژھو پہِ۔ نتہٕ وَن بدل کینٛہہ۔ گوہ
دِ کربکھ "اَکھ گوٚل تہٕ بن بیا کھ۔"

وۄنی لوگ لڑکن یی وَنُن تہٕ ییلِہ سُہ یہے کربکھ اوس دِوان لیأرِ کوٚ ڈُکھا کھ
توبوٗت۔

کینژ و ماتم زدو وۆنس ''گر ژھوپہ۔ ژےٚ چھی ناموردِ سُند رژھ تہٕ احترام۔'' گرٕ ھدفا گرٕ''

چھیکرس بددل تہٕ مایوٗس سَپد تھ ییلہِ تَس، کہنہ فکرِ تو رنہٕ زِکیاہ چھُ گرُن تہٕ کیاہ چھُ دٔنن سُہ بیقل گو ماجہِ نِش واپس تہٕ وۆننس یہ سورُے کیٛنہہ۔

(راوی: اَکھ ژٕنٛز۔ زاُنہٕ کٔدل سرینگرٕ کی پنڈت آنندکوٗل سوٗمبرٕ مرٕ مصنف ہٕنٛدِ خاطرٕ)



# ژور شہزادِ یِم وٕٹسی گۓ

پرانہِ زمانہِ اوس اَکھ بادشاہا یٚمِس ژور نیٚچوی أسی۔ تِمو دِیُت یِمَن حکم زِ
توٚہۍ أسِو وارِ وارِ دوٚہَس راتَس مُلکس منز نظر گزر تھاونہٕ خاطرٕ پھیران روزان۔ اکہِ
دوہہٕ صُبحاے اوس بوٚڈ ہیوٚ شہزادِ اورِ یور پھیران تہٕ تِمس سمکھ اَکھ جوٚگی یُس أکِس
تلاوس نِش اوس بِہتھ تہٕ یِیتہٕ نکھے ژور گری گاسہٕ أسی کھوان۔ ییٚلہِ أمی یہٕ وُچھ زِ یِم
گری چھِ اکہِ بہترٕ لگے نسلکی تیٚتھی نہٕ أمی ہِندِس مأرِس نِش تہٕ أسی یہٕ شہزادِ گوٚو
جوٚگِس نِش تہٕ ووٚنُس ''جوگیاہ۔ ژٕ کُس چھُکھ؟ کتہِ پیٹھ آکھ؟ تہٕ ژٕ نے کیاہ گوٚژھی
یِیتہٕ؟''

جوٚگی ووٚنُس ''مے گوٚژھکھ ژٕ''

حأران گوٚژھتھ ووٚنُس شہزادَن ''بہٕ۔ بہٕ چھُس یِیمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہُنْد
زیٚٹھ ہیوٚ نیٚچوٚ تہٕ مے چھُ مأنی حُکم دِتُمت زِ بہٕ تھاوِ یِیتہٕ نظر گزر تہٕ وُچھِ زِ کانٛہہ ماچھ کٲنہہ
ضرورت۔ مے وَن اگر ژٕ نے کانٛہہ ضرورت چھی۔''

جوٚگی ووٚنُس درجواب ''اے شہزادِ۔ مے گژھِہ نہٕ کہنٛ سوالیہ ژٕ نے تہٕ ووٚنُن

ہرگاژےٚ کیہنہ ضرورت چھی مےٚ وَن ئہ کرٕ تہٕ چانہٕ خاطرٕ حاصِل۔"

شہزادَن وۄنُس "جوگیا! ئہ کرٕ ہا چاَنس اَکِس خوبصورت گُرس سواَری۔"

جوگی وۄنُس "عاش کرِتھ۔ مگر خیال تھاوِ زِ تہٕ شامَس واَتی زِ مےٚ نِش یہِ واپس ہیتھ تہٕ ژےٚ سمکھتھ بوزٕ ئہ ژےٚ نِش تیٚتھ کینہہ یہِ ژےٚ وُچھمُت آسیتھ۔"

لہذا ارۄٹ شہزادَن گرٕ تہٕ دڑاو سوار گوٚھتھ۔ یام سُہ اَمِس سوار سپُد تِتھے دڑاو یہِ واوِ کی پاَٹھی اَکِس جنگلس کُن تہٕ اَتہٕ پیوٚس اکھ لوکچ سبزی وارِ کنۍ زُکن تکیاز اَتھ اَس پڑ بتھ اندٕ رٕتٕرٕ ھ پےٚ دِتھ زِ اور ہیکہِ ہےٚ نہٕ کانٛہہ اَکھا تہٕ اَژِتھ۔ اَمہٕ پتہٕ دڑاو یہِ شہزاد جنگلس کُن بینہٕ ہنا گُرس پیٹھ تہٕ پتہٕ پھیوٚر واپس۔ وَتہٕ وُچھ کُم زِ یہِ یمہ تہٕ لورِ لاَ رٕگِتھ آسہٕ تِمَن اَسی دڑ اَتی بنیمتی تہٕ اَسی سبزی ژٹان۔ سُہ گو ویہِ ڈیشتھ حاَران مگر امیک وجہ تۄ رُس نہٕ فکرٕ۔ شامس باَ گی جوگس نِشہٕ واَتھ پڑ ژھُس اَمی اورٕ زِ کیٚتھ مزا اَسے سوارِ تہٕ ژےٚ کیاہ وُچھتھ۔ جواب دِیتُنس "مےٚ وُچھ اَکھ واَرا۔ تھ پڑ بتھ اندٕ رٕتٕرٕ ھ پےٚ اَس دِتھ زِ کانٛہہ ہیکہِ ہےٚ نہٕ اَتھ اندر اَژِتھ تہٕ مےٚ وُچھ اےٚ یہِ ہِژ لورِ دراَتی بنیمژ تہٕ تِمے سبزی ژٹان۔"

جوٚگی پڑ ژھُس "اچھا تہٕ اَتھ کیاہ چھُ مطلب؟"

شہزادَن وۄنُس "مےٚ چھُنہٕ پتاہ۔"

"ژےٚ چھی نہٕ پتاہ!" جوٚگی وۄنُس "تہٕ ژےٚ چھی ماَلی وۄنمُت معاملن وُچھن واشُن۔ گرٕ ھ وٕ ژسی" تہٕ تی سپُد۔ امی ساتہٕ بنیاو شہزادس کنہٕ ہُند تھما۔

دۄیمہٕ دوہہٕ صُبحس دڑاو دۄیم نیچو باَیس ژھانڈنہٕ خاطرٕ تہٕ دڑاو جوٚگس رٕکی۔

گُری وُچھِتھ رُکیا وسہٕ تہٕ پرٛژھُن جوٗگس زِ ژٕ کُس چھکھ تہٕ کتہٕ پیٹھ چھکھ آمُت۔
"بٕہ چھُس یَتھ مُلکس کُن چکرٕ ہنا کرنہٕ آمُت" جوٗگی دِتُس جواب "بٕ
ژونوَے گُری چھِہ مینٕز۔ ژٕ ما گرَکھ کأنسہِ سوأریا؟ راتھ آو بادشاہ سُند زِ ٹھ نیچوِ ژٕ
تہٕ ہیوٗتُن مےٚ اَکھ گُر رٕنگ اجازت۔ مےٚ بنووٗتَس وَٹسی پَل تِکیا زِ تَس توگ نہٕ سے تہٕ
سمجھاوُن یہِ زَن تُمہِ اَتھ سوارِ دوران وُچھمُت اوس۔"
دوٚیم شہزادَن ووٗنُس حأرأنی سان "اچھا۔ تُمہِ کیاہ اوس وُچھمُت؟"
پَتہٕ ووٗن جوٗگی أمِس وَعدٕ کٔرِتھ زِ ہَر گاہ سہٕ یہِ سمجھأوِتھ ہیکہِ زِ پَیہ ہنٛز لورِ کیازِ
آسہٕ تمہِ دژ أتی بنیمٕ یمہٕ سبزِ یہِ ژٹان آسہٕ تیٚلہِ بناوِ سہٕ أمی سٕندِس بأیِس واپس تِکے
یُتھ سہٕ گوڈٕ اوس۔"
شہزادَن ووٗنس "ژےٚ کوٚرُتھ یہِ بڈٕ مُشکل سوال۔ بٕہ کتھہٕ کٕنز ہیکہٕ تہٕ
سمجھأوِتھ یِنہٕ مےٚ زانہہ وُچھمُتے چھُ؟ تہٕ ووٗل ہرگاہ چون کانٛہہ خوٗبصورت گرِتھ ہیکن۔
بٕہ گژھہٕ تیٚلہِ تہٕ گرِ اَتھ سَرگی تہٕ اِدِ دِمےٚ ژےٚ جواب۔"
لہٰذا کھوٚت سہٕ أکِس گُرِس تہٕ دژ اواَتہٕ۔ جنگل وأتِتھ وُچھ أمی اَکھ تازٕ
زامُت ووٗ ژھاتہٕ موجی أمِس دود ژٕہان۔ سہٕ روٗد یہِ عجیب نظارٕ وارٕیہس کالس اَتھ
مُدے گنٛڈِتھ وُچھان تہٕ پَتہٕ آو جوٗگس نِش واپس۔
"اچھا۔ کیاہ وُچھتھ ژےٚ" أمی پاکبازَن پرٛژھُس۔
شہزادَن ووٗنُس "جو گیا۔ مےٚ وُچھ اَکھ ووٗ ژھ ماجہِ دودچاوان۔"
جوٗگی پرٛژھُس "تہٕ چھیا پتاہ تہٕ کیاہ گوو؟"

شہزادَن وۄنُس ''نہ''

''کیاہ!۔ژٕ ے چھی ناپتاہ۔''

شہزادَن دِیُت نہٕ دُبارٕ جواب۔ اَمہِ پتہٕ دُیت جۆگی أمِس ژٕراپھ تہٕ سُہ بنیاو کنیٚو تھمب۔ بیٚیہِ دوہہٕ صُبحس آو ژٕ یم شہزادٕ لیأرکہ یتہٕ جۆگی اوس ٹھہٕرتھ تہٕ گُری وُچھِتھ تنبلیاو سُہ تہٕ آو جۆگیس نش تہٕ پرٕژھنس ژٕ کُس چھُکھ تہٕ تُمس کتھہٕ پأٹھی میلہٕ یم خۄبصورت جانور۔ یِمن سوالَن گنہٕ ڈول دِتھ کۆر أمی رٕتی شخصن أمِس پتھر بیٚہنگ درخاس تہٕ گتھ باتھہِ دوران بیٚلہِ أمِس یہِ نتیاو زِیہِ جوان تہٕ چھُ امی مُلکہٕ کس بادشاہ سُند نیٚچو تہٕ پنہٕ نمن دون باین چھُ ژھانڈنہِ دژٕ امُت تہٕ تُمی وۄنُس اَدٕ زِ تمن ستی کیاہ گُزریاو۔ بۄ ژ ۄنہہ کُن وۄنُس ''مگر۔ ہرگاہ ژٕ مے یہِ وٚنتھ ہیٚککھ زِ پیٚیہ ہٕژٕ ن لور بن کیاہ زِ بنے درأتی تہٕ وۄ ژھ کیاہ زِ اوس گاودود چاوان تیٚلہِ بناو کھ بٔہ یم واپس تتھی تتھی یم گوڈٕ أسی۔''

شہزادَن وۄنُس 'شُکریہ۔ ہرگاہ ژٕ مے تانۍ اَکھ گُر دِہَن بٔہ گژھہٕ تہٕ یمہٕ پانہٕ یم عجیب چیز وُچھِتھ۔'' ''یقیناً'' جۆگی وۄنُس ''گژھ ہنٕ اَکھ گُر تہٕ یہِ وُچھِتھ مگر یاد تھاوی زِ شامَس تانۍ واتی زِ واپس۔'' تتھ کِنۍ بیٚلہِ شہزادٕ گُرِس پیٹھ جنگل وۄت تُمی وُچھ أکِس نفرس شانَن پیٹھ زِنۍ بور۔ تَس اوس نہٕ وُنہِ تمہِ ستی تسلاہ یہِ تُمی گوڈٕ سۆمبرُمُت اوس تہٕ وَتہِ اوس تہٕ تُلان یہِ بُتھ اوسُس پیوان۔ شہزادٕ چھُ سوچان ''اَتھ کیاہ چھُ مطلب بٔہ کیاہ وَنہٕ جۆگیس بیٚلہِ سُہ مے سوال گرِ؟''

افسوس، یہِ شہزادٕ تہٕ ہۄ کنہٕ یہِ عجیب نظارٕ سمجھاوِتھ تہٕ اَدٕ کِنۍ آو أمِس تہٕ گنہٕ

تھمب بناونہٕ۔ بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحٲے پیٛو کانٛسہٕ کوٚٹ ہیوٚ بوے وأتتھ تہٕ گرِن جوٚرِ
سلام تہٕ وۄنِنس ''جوگیا ژٕ ے ماگٔے میأنی ژٕ ے بأ ے نظرِ؟''

''آ۔ کر دِتُس جواب۔ وُچھ ہوٚ کیاہ چھِ تمہِ سأری۔'' یہِ ونان ہوونُس
یمَن کنہٕ تھمبَن کُن ۔مے بدلاوِیمَن شکلے تِکیاز یمو ہیوٚ کنہٕ تہٕ سمجھاوِتھ یہ کینژھا یمو
جنگلس منٛز وُچھ۔ وۄں گووبہٕ ہیکہ یم بیٚیہٕ پننہٕ پرانہٕ شکلہِ منٛز أنتھ ہرگاہ ژٕ ے یمَن
کتھن وضاحت کرَکھ۔'' اَمہِ پتہٕ وۄنِنس تہٕ یہِ ہمو شہزادوۄ چھمُت اوس۔
شہزادَن وۄنُس ''بہٕ کرِ کوٗشش، ہرگاہ ژٕ مے پٔنُن اکھ گر دِتھ ہیکہٕ ہن۔
گرِ ہہٕ گُرِس پیٛٹھ جنگل تہٕ پانہٕ یمہٕ وُچھتھ'' اَمِس میوٗل اجازت تہٕ شہزادٕ دژاو۔ جنگل
وأتتھ وُچھ اکھ تلاویمہِ منٛز آب اوس نیران تہٕ اوس باقے تلاوَن برنہٕ یوان۔
یوٚت تانی زِ یوٚڈ تلاو خٲلی سپد تِکیازِ سأرُی آب اوس یمَن لوکٹین تلاوَن برَنہٕ آمُت۔
ییٚلہِ سُہ شامس واپس وۄت تمہِ کرِ وۄن جوٗگس یہِ کینژھا أکی وُچھمُت اوس تہٕ تمی
کوٚرُن اعتراف زِ سُہ ہیکہِ نہٕ اَتھ وضاحت کرِتھ۔ لہٰذا آوُستہٕ اکس کنہٕ تھمبس منٛز
بدلاونہٕ۔

ییٚلہِ وۄنی بادشاہَن زون زِ تمہِ سندیو نیٚچو یو منٛز ہٕزنہٕ اکی ہنٛز تہٕ واریاہن
دوہَن کتھاتَس گووشک زِ تمَن ماچھُ کانہہ بناوتھ آمُت تہٕ دژاو تمَن ژھانڈنہٕ۔ پکان
پکان ووت سُہ جوٗگس کُنہٕ تہٕ وۄنِنس ''جوگیا۔ ژٕ ے ماوُچھمکھ یاہٕ زتھ کینہہ میأنی
ژوٗن نیچو بن ہُند؟''

جوٗگر ہووُس ژورَن کنہٕ تھمبَن کُن۔

حأران گژھتھ ووُنس بادشاہَن "کیاہ! ژٕ ماچھُکھ یہِ وَنُن یژھان زِ تِمَن چھےٚ کَنہِ بٕنیمژٕ۔"

جوٗگی دِتُس جواب "ہوٚ کیاہ چھِہ تِم ۔ مےٚ گری تِم وٕٹسی تِکیاہ زِیمو ہیوٚ کنہِ تِمَن کتھَن ہُنٛد معنےٚ وٕنتھ یہِ کینژھ ھایِمو جنگلہِ وُچھ۔ ووٗں گوو یِم ہکَن واپَس پنٕنہِ صوٗرژ منٛز یِتھ ہرگاہ ژٕ تِہنٛدِ بدلہِ یِمَن کتھَن وضاحت کرَکھ۔ ہرگاہ ژٕ جنگل گوھُن یژھکھ ژٕ ہکِہِ ہَن میوٗن اَکھ گراٚنتھ ۔"

بادشاہَن ووُنُس "نہ۔ شُکریہ۔ مگر ہرگاہ ژٕ مےٚ یہِ وَنکھ زِ میانِین نیٚچوبن کیاہ مَسلہِ آے درپیش ئہ کرِ تِمَن ہنٛزٕ اصلیت ورٛنچ کوٗشش، پتہِ ووُنس جوٗگی "بڈٕ ہوی شہزادَن وُچھ اَکھ سبزی وأریتھ پژ بتھ لنٛدِ ترٛشھ پےٚ اُس دِتھ زِ کانٛہہ ہیکہِ ہےٚ نہٕ اور اٗژتھ مگر پتہِ بنیہِ پیہِ ہنٛزٕ لوٗرِدزٕ اٗتی تہٕ لٕجہِ سبزی ژٹنہِ۔"

بادشاہن ووُنُس درجواب "یہِ چھُ اَکس انسانہٕ سُنٛد تصوٗر یُس کینٛہہ روپیہِ حوالہٕ چھےٚ کرنہٕ آمژٕ تہٕ یام یِمَن ہُنٛد مالِک یِم واپَس منگان چھُ نہٕ چھُ یِم روپیہِ خرچان یا ژوٚ رِتھاوان۔ یتھنہٕ ماٗلِک یِمَن واپس ہیکہِ نتھ۔"

تِتھے یِم لفظ بادشاہَن وٕنی بوٚ ڈھیوٚ شہزادٕ سپُد ظاہر۔ تَس بڑ وٚتھہ گوو استادٕ تہٕ برابر پأٹھی زِنٛدٕ۔

جوٗگی ووُنُس "دوٚیِم شہزادَن وُچھ ووٚ ژھ گاٗوددچاوان۔"

"عجیب زِ تَس پیٚیہِ نہٕ سو زنانہٕ ژبتس یوسہِ کورِ ہنٛدِس زٕنٛزٕ مِتس پٹھ چھےٚ پلان" بادشاہَن ووُنُس تہٕ یہِ وٕنتھ گوو دوٚیِم شہزادٕ تَس بڑ وٚتھہ کنہِ استادٕ۔

''ترٛیم شہزادَن وُچھ نفرس أکِس شانَن پیٹھ زِنی بور۔ مگر سُہ ییلہِ پکان ا
تہٕ بُتھِ أءِسس بیہِ کانٛہہ ہٕٹاپوان سُہ اوس تتھ ٹُلان تہٕ پٔتن بور گوٚبران۔'' ج
وۄنُس۔

اِنسانس چھُ تِمَن نفرن ہُنٛد خیال یِوان یِم نہٕ زٕہنی پنٕنہِ آسنہٕ ستی مطمئن چھ
بلکہِ چھِ پزٕ بتھ کانٛہہ دوٚمپری تہٕ جمع کران روزان یوسہٕ تِمَن میلان چھےٚ۔'' بادشاہَن
وۄنُس تہٕ یام تٔمی کرِ یہِ وۄن تہٕ ترٛیم شہزادِ آوپنٕنہِ صوٚرٕ ژمبرٕ تہٕ سَپُد تَس برٕ وٕنٛہہ گنہِ اِستاد۔
''چاأنی کأنٛسہٕ کٕرٕ شہزادَن وُچھا اکھ تلاو یٔمی پٔتن آب بیہِ شٕےٚ تلاوبرَنہٕ خاطر
خأٹی کوٚر'' جوٚگی وۄنُس۔

''یہِ گوو برابر دُنیا۔ اَکھ شخصا چھُ بیٚین پیٹھ سورُے کیٛنٛہہ خرٕچتھ پانہٕ سوران تہٕ
تَس کیٛاہ معاوضہ چھُ میلان'' یام بادشاہَن وۄن تہٕ کأنٛسہٕ کوٚٹ ہیوٚ شہزادِ اوس تَس
برٕ وٕنٛہہ گنہِ اِستادٕ۔

خوش تہٕ خوشحأ لی پأٹھی آو پَتہٕ بادشاہ تہٕ تٔمی ہِنٛدی ژور نیٚچوِی محل خانہٕ واپَس۔ اَمہ
پَتہٕ کٕمے کألی دِژ بادشاہَن پنٕنہِ مُلکچ حکوٗمت پَنہٕ نٕن نیٚچوٕبن تہٕ پانہٕ لوٚگ لنٛد ہیتھ مذہبی
زندگی گُذارنہٕ۔

(رأوی: مَکُند بابو۔ سوٚتھ سرینگر۔ تیٚمی یہِ أکِس مُسلمانٕس نِشہٕ بوٗزٕ)



# بہادُر شہزأدی

یم أسی زِ بڈی تہٕ امیر بادشاہٕ أکس اوس أکھ سبٹھے خوٗبصورت نچوٗ تہٕ بینس سارِوے کھوتہٕ مأری مٕنز کوٗر۔ یم دوشوٗے یعنے شہزادٕ تہٕ شہزأدی أسی ییٹھرس لایق ییمہٕ کِنی یمن بادشاہ پڑ بتھ طرفہٕ منأسب رشتہٕ ژھانڈان أسی۔ یہ اوس ہقسمت ہے گرُن زِ اکھِ دوہہٕ سمکھی یمن دون بادشاہن ہندی پےٖ پأغام اَنِن وألی تہٕ پانہٕ وأنی گتھ باتھِ منز وژن دوشوٕیوٗ أکھ أکس پٕننہٕ امہِ سفرُک مقصد۔ تم سپدی یہ زأنتھ سبٹھاہ حأران تہٕ تہٕ ستی خوش تہٕ ییلہٕ تموٗ یہ بوٗز دوشوٗے أسی أکے غرضہٕ دراہتی۔ دوشوٗے بادشاہ أسی دُنیاہَس منز أکی پایکی تہٕ شہزادٕ تہٕ شہزأدی أسی ہرلحاظہٕ أکھ أکس لایق۔

بادشاہو ییلہٕ پننہٕ نٕین یمن پےٖ پأغام اَنِن والین نِشہٕ یہ گتھ بوٗز تہٕ تموٗ تُجٕ وٕلی وٕلی پانہٕ وأنی گتھ تہٕ تتھٕ پأٹھی سپُد کھاندر طے۔ دوہ آے گنڈنہٕ تہٕ مہراز گوٗ مہرِ نہٕ ہنٛدِس مألی سُندٕ گرٕ روانہٕ۔ ابتدأیی طوراوٕر یورِ پنہٕ گوٗھنہٕ تہٕ باقے تیأر یوٗہتہٕ سپُد کھاندر تہٕ پڑبتھ کانٛہہ چیز سپُد زبر پأٹھی۔

مگر أتھی منز پھوٗج أکھ زلزلہٕ۔ ژکہِ ماچھا خوٗشی ژٕرِ کالس پوٗشان۔

اِنسان یێلہِ اَتھ تھپھ دِتھ رَٹُن چھُ یژھان یہِ چھےٚ غاۓب سپدان تہٕ موچھہِ منٛز چھس ژھایی یاۓ ژِیوان۔ افسوس۔ شہزادِ یام مہرِ نی ہتھ واپس اوس پکان سُہ رکیاوۓ کس باغس منٛز یوٚت پرٛی یہِ ٹژ گرِتھ ساۓلس آسہٕ یِوان۔ یہٕے پییہِ راتھ کیٚتھ اوروۓ تتھ تہٕ یموٚ یێلہِ شہزادٕ وُچھ تَمن گووسُہ تیٚوت خوش زِ تَموٚ کوٚر اِرادِ زِ یہِ بناوون پٔنُن۔ اَمہِ کٕنٛز کوٚر ہَس تیٚتھ جودا زِ تَس پییہِ موٕتٕنٛ ہِش گوٚب ہٕنٛدر۔ دۄیمہِ دوہہ صُبحس کرے یہِ شہزادِ تہٕ باقیوتَس ہٕنٛد رِوُزناوٕنٕچ سخت کوٗشش مگر سُہ سَپُد نہٕ ہشار۔ تَموسوٗنٛچ زِ یہِ چھُ موٗدمُت تہٕ اِوٕ کٕنٛز ووٗ دُکھ تہٕ سبٹھاہ ماتم کوٚرُکھ۔ تِکیاز ِتُمی سُند روٗح یێلہِ جسمہٕ نِشہِ جُدا سپُد تُمس سٟتۍ ہیکہِ ہَن نہٕ ووٗنی تم زانٛہہ گتھ تہِ گرِتھ۔ یہِ اوس اَکھ سبٹھاہ کرٗوٹھ وقت۔ اُتھی منٛز آے سو دبٕرٛ ورتہٕ بوٗدِ برٛورتہٕ بیٚٹھی تتھ گُلس پیٚٹھ یُس یمَن ماتم دارَن نظرِ ٲو تہٕ لاجکھ پانہٕ وٲنی گتھہٕ گرنہِ۔

سو دبرٲری ووٗنُس ’’شہزادِ گژھِ نہٕ دفناونہٕ یُن۔‘‘

’’کیاز ِ؟‘‘ بوٗدِ برٲری ووٗنُس۔

’’تِکیاز ِیہِ چھُنہٕ موٚمُت۔‘‘ سو برٲری ووٗنُس ’’شاید پییہِ یہِ کینٛہہ دوٚہ حبسہٕ۔‘‘

یِہنٛدی یِم لفظ پے شہزادِ ہِنٛدِس کَنَس منٛز زنتہٕ امرت (مانٛچھ) تہٕ اَمہِ دِیُت فورن حُکم زِ لاشہِ سٟتۍ گوٚھِ نہٕ کٕہنٛی گرنہٕ یُن تہٕ تتھہٕ کٕنٛز تہٕ یتھ جایہِ چھےٚ تتی گوٚھہِ تتھے پاۓٹھی تھاونہٕ ینٛز تہٕ پتہِ کوٚر نگھ وعدِ زِ یہِ وَنو پتہٕ زِ مےٚ کیاز ِدِیُت یہِ حُکم۔

لہٰذا آو شہزادِ باغہٕ سے منٛز تھاونہٕ تہٕ لوٗکھ گےٚ پَن پَننہٕ گرَن۔ دوکھہٕ ہُنٛ

مہرِ نی تہٕ تسندی ستی وٲلی اکہِ طرفہٕ تہٕ شہزادٕ سندِ طرفٕکی دۆیمہِ وَتہِ۔ یِیلہِ بادشاہ تہٕ ملکہ پَنہٕ نِس زامترِ کی سندِ اَمہِ ستم زدٕ تقدیر کہِ بناوتھک بۆز تِمن سپُد سبٹھے دوکھ۔ بچٲر شہزٲد کۍ اُس دوہَس راتس ودان تہٕ تِمس اوسنہٕ کانٛہہ سکوٗنا۔ پزٕ بتھ لچہٕ اُس سو خانہٕ دار سندِس پِنَس پزراران مگر سُہ آونہٕ۔ اٰخرس تہٕ ہیچ نہٕ سو یہِ دوکھ وترِتھ تہٕ اَمہِ کٔر لٲجن مٲلِس زٲری گرِ نی یُتھ سُہ تِمس کینژَس کالس محل خانہٕ نێبر گوھنٛک اجازت دِیہِ ہے تہٕ سو تیٲری گرٕھہِ ہے یپٲری سو نیرُن ییٚژھہِ ہے۔ بادشاہ اوس نہٕ تَس یہِ اجازت دِیُن یژھان مگر وارِ وارِ نرمیاو تَس وزیرَن ہندِس وَنس پیٹھ دِل تِکیازِ تِمن اوس باسان زِ ہرگاہ نہٕ شہزادِ ہنٛز یہِ خاہش مانہٕ یِیہِ سو ماڈلہِ ہوشو۔ شہزٲد کۍ رۆز بجہِ وَتہِ اورِ یور پھیران تہٕ پَنہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔ "توہہِ ما وُچھون شہزادٕ؟ ہے توہہِ ما وُچھون شہزادٕ؟" تَس یُس تہٕ سمکھان اوس سو اُس یِی پزژھان۔ تتھٕ کنٛز گزرے کینٛہہ دوہہ تہٕ کانٛسہِ اُکی ہیوٚک نہٕ تَس اَتھ پریشانی لد پزژھ گٲر جواب دِتھ۔ اٰخرس سمکھ تَس اَکھ بزرگ شخصا تہٕ تِمہِ پزژھنَس "ژٕ نے ماوُ چھتھن شہزادٕ؟"

بزرگ وۆتھس درجواب "بہٕ دژاس اکہِ باغہٕ کنٛز تہٕ اَتہِ وُچھم اَکھ خۆبصورت نوجوان پُتھرِس پیٹھ شۆنگِتھ۔ بہٕ گوس حٲران زِ سُہ کیازِ اوس اَتھ جایہِ شۆنگِتھ توَے رُکیوس۔ خبر ژٕ کرکھا پزژھ کینٛژٕ ومنٹو پتہٕ وُچھ مے کینٛہہ پرٕ کی یہِ ہشہِ اور یوان تِمو تھووہَس گلس تَل عاصہٕ تہٕ سُہ وۆتھ تہٕ کربن تِمن ستی گتھہِ۔ پتہٕ تَل تِمو یہِ عاصہٕ تہٕ تھوٗو کھۍ تِمی سند بن کھورَن تَل تہٕ اُتھی ستی پییہِ نوجوانس بیینہِ ہٕندِ ر۔ مے وُچھ یہِ تہٕ سپُدس حٲران زِ یہِ کیاہ عجیب نظارا ہیکہِ اُستھ۔"

حاُرانی سان وۄنُس شہزادِ ''یہِ چھےٚ دلچسپ کتھا۔ ژٕ ہیکہٕ کھامےٚ نہٕ بارٕغاُوتھ
ییٚتہِ نہٕ نوجوان شۄنٛگتھ چھُہ۔''

بزرگ شخصَن وۄنُس ''آ'' تہٕ امی وِزِ ئیَن سواُتھ ناسہٕ تہٕ اس جایہِ گن۔

اۄت واُتتھ وُچھ تِمو شہزادِ سُند جسم پٔتھرِس پیٹھ دراز دِتھ تہٕ بظاُہر مۄمت۔

شہزادِ تُل ڈٕلی ڈٕلی نہٕ عاصہٕ یُس تَس کھورن تَل اوس تہٕ تھووُنس گٕلس تَل۔ یتھٕ کٕنہٕ

زَن بزرگ شخصَن وۄنمُت اوسُس۔ شہزادِ گو ہۄشار تہٕ رۄ دیہتھ۔

تِمی وۄن شہزادِ ''ژٕ کوسہٕ چھکھ؟''

تِمہِ وۄنُس ''بہٕ چھس چانٛی آشنٛی۔ ژٕ زانکھ نامےٚ؟''

تورٕ پرٛژھنَس اَمی ''ژٕ کتھٕ کٕنہٕ واٗژکھ یور؟''

''ہمس بزرگ اِنسانہٕ سِنٛدِ کِنہٕ'' پَنہٕ نِس اَمِس وَتہٕ ہاوِ کس کُن اِشارٕ کران

یُس کھوژنہٕ کِنہٕ ہنادۄ رہِ ہَن رۄ زِتھ اوس وۄنُس اَمہِ۔

''وۄتھ تہٕ پکھ۔ وۄتھ نیر ییٚمہِ خوفناک جایہِ مےٚ ہتہٕ ژٕلتھ۔''

تِمی وۄنُس ''افسوس، بہٕ ہیکہٕ نہٕ تہٕ گژھتھ۔ تکیٚاِ زِ پٔری یَن لگہِ جلدٕے میانہٕ

ییٚتہِ نہٕ آسنک پَے تہٕ مےٚ پتےٚ یتھ ژٕ ھنَن مےٚ ماُرِتھ۔ وائے! اگر ژٕ ےٚ میۄن محبت چھی

تیٚلہِ تھاویہٕ عاصہٕ مےٚ کھورَن تَل تہٕ نیر۔

تِمہِ وۄنُس ''ہرگز نہٕ۔''

''اَچھا تیٚلہِ روز ڈٕلی ڈٕلی ہُتھ کُلی دورِ منٛز ژورِ تکیٚاِ زِ ژٕ چھکھ نہٕ ییٚتہِ وۄنٛی

محفوظ۔''

پُرِی یِہ ہیکن کٔنہِ تہٕ وَقتہٕ یورو اُتھ۔"

شہزادِ کوٗریٖ تہٕ تِتھے سوپنہٕ ژھٔپن جایہِ وُاُژ تِتھے پیٖیہٕ پُرِی یہِ وُاُتھ۔

"اوٗہ۔ بیٖتہٕ کیاہ یہِ مُشکا یوان" اکہِ وونٔ۔

بیٖیہِ ووٗنُس "یوٗت چھُ کُس تانٛی اِنسان آمُت۔"

اَتھ پیٹھ ووڑھہٕ یمو مژٕ ژ تڑنے تہٕ دزلیہ یہِ وُچھنہٕ زِ اوٗت کُس اجنبی اوس

تِہنزِ اَتھ جایہِ آمُت مگر تِمو لوٗب نہٕ کَہنی۔ پتہٕ کوٗر تِمو شہزادِ ہُشار تہٕ پرٛژھہَس زِ ژٕ ما

چھی پتاہ زِ یور کُن کُس انسان اوس آمُت۔ سیٖزٕ ے کتھا چھیٚ زِ ژٕ ووٗن تِمن "نہ"

"مگر اَسہِ چھُ یقین زِ بیٖتہٕ چھُ نکھے کانٛہہ" تِمو ووٗنُس "تِکیا زِ بیٖتہٕ چھےٚ آدٕمی

بوے یوان۔ خاراُسی نیر وبیٖتہٕ پگہہ تہٕ گرٛھو بدل جایہِ۔"

دۄیمہِ دوہہ صُبحاَے لوٗب پُرِی یوا کھسبتھاہ بڈ باغ تہٕ یہِ زاُنتھ زِ اوٗت

ہیکہِ نہٕ کانٛہہ آدم زاد وُاُتھ بنوو تِمو یہوے پنُن ٹھِکانہٕ۔ یام تِمہٕ اَتہٕ نبر آسہٕ اَتھ

دوران کوٗر شہزادن شہزادِ آلوتہٕ ووٗنُنس "میانٛی آشنی۔ ژٕ کیاہ کرکھ ووٗنی ؟ تِم نِنہ مے

بیٖیس جایہِ۔ یوٗت نہٕ ژٕ وُاُتھ ہیکھ تہٕ بہٕ ہیکہ نہٕ ژٕ زٕ ہنٛکہ تہٕ وُچھتھ۔ واے"

بہادر شہزادِ ووٗنُس "تہٕ بَنہِ نہٕ۔ ٹھٔہر بہٕ سوٗ مرٕ ے کیٛنہہ پوٗش۔" اُمس اکہِ

خاص قسمہٕ کہن پوٗشن ہُند گوٗنٛد دِوان ووٗنُس "رٹھ ژٕ چھکراُو زِیم۔ اَمہِ سٟتی ہیکہِ

مےٚ چون پےٚ میلتھ۔"

شہزادن رٹۍ پوٗش تہٕ تھاوِن پنہٕ نِس پلوٗن منٛز ژوٗرِ تہٕ شہزادِ تُج دوتہٕ روٗزگُل

دورِ منٛز۔

اَمہِ پَتہٕ کمے کاًلۍ آیہِ پٲری یہِ تہٕ ہوو کھ اُمِس اِشارٕ زِ ژٕ پگھ اَسہِ پَتہٕ پَتہٕ۔ شہزادٕ رٕوٗ دیکان تہٕ سُہ رٕوٗ دوَتہِ پوشاپوشاتژ اوان۔ بییہِ دوہہٕ دژلیہِ شہزاُدی حبہٕ سان تَمے تمے وَتہِ یۆت تانۍ سوٲ یکس سبٹھاہ بجہِ عمارژ نِشہِ واُتژیس شاہی محل ہیوٗ اوس باسان۔ یہِ اوس اَکس دیوٕ سٕنز روزَن جاے تیٚمۍ یمہٕ پٲری یہِ ساًری جاُدی ہیچھناوِمٕژ آسہٕ۔ کُنہِ تہِ چیزَس کھوژنہٕ ورأے ژایہِ شہزاُدی اَتھ عمارژ منز تہٕ اَندرٕ آونہٕ تَس کانٛہہ تہِ لبنہٕ سو ہیٚتھ پتھرٕ کنہِ اَکس جایہِ تہٕ کوٚڈُن تھکھ۔

اکہِ گاًٹہِ آو دیو۔ شہزادِوٗ چِھتھ باسیاوٕ تَس زِیہِ چھےٚ تسنٛز کوٗریو ہہٕ بے کُمتاز دیوَن حالے زورزبردستی سٕتۍ نِمٕژ اُس۔ تمِس کُن ہکہٕ گرٕ ھان وۄن تمۍ حاٲرانگی سان ''میاًنۍ گوٚبری۔ ژٕ یکتھہٕ آیکھ واپس؟ ژٕ یکتھہٕ کنۍ ژٕ چکھ تمِس خبیثَس نِشہِ؟''

شہزادِترٕ وٕلی وٕلی حالات فِکرِ تہٕ وۄننس ''آ۔ مےٚ بنوو تمۍ ہٕندیو بچو منز ژلنک منصوٗبہٕ ییلہِ تَس نِنٛدرٕ آُس۔''

تمۍ وۄنس ''میاًنۍ گوٚبری! ساًنۍ کوٗر''

کینژَس کالَس روز شہزاُدی دیوٕ سٕندِس مکانَس منز تہٕ سو باسے یہِ تَس تہٕ سارِنے پٲری یَن تسنٛزٕ ے کوٗر۔ یہِ کینژ ھاسو ییٚژھ ہے تہِ کرنک اوس تَس پوٗرٕ اختیار تہٕ کُن تہِ گرٕ ھنَس اوس نہٕ تَس کانٛہہ ٹھاکھ۔ سو روز اشتیاقہٕ سان چنَس استدعا کران تہٕ تمۍ ہیچھناوسو کینٛہہ جاُدی ژھل۔ کانٛہہ انسان یکتھہٕ پاًٹھۍ ہکون ماًرِتھ تہٕ پَتہٕ دُبارٕ زِنٛدٕ گٔرِتھ، کانٛہہ ژوٗرِ تھاونہٕ آمُت چیز یکتھہٕ کنۍ ہکون لٔبِتھ تہٕ تِتھے کنۍ بیٚیہ کینٛہہ (ژھل)۔

پَنہٕ نبو غاؔر معموٗلی طاقتو۔ کَزٕ تۆر شہزادِ اکہٕ دوہہ یہِ فِکرِ زِ تَسُند خانہٕ دار چھُ اُکِس گنہٕ دوٗرس منز ژوٗرِ تھاونہٕ آمت یُس اُکِس پُرِی یہِ کنِس اوس لاؔگتھ۔

یہِ گنہٕ دوٗر سبٹھاہ خوش گرُھنگ دِیت تَمہِ باس تہٕ ووٗنُن پُری یہِ زِ یہِ دِمےٚ۔

پُرِی یہِ کوٚر رُس انکار مگر چھیکرَس سوچُن زِ پَنہٕ نِس ووستادس منز کوٗر ما گوھم ناراض تہٕ توٗ ے دِتُن تَس یہِ یَتھ شرطَس پیٹھ زِ پگہہ دی زبم یہِ واپس۔ شہزادِ کوٚر رُس وعدٕ۔ یام سو پُری نظر ووٗ ج تہٕ شہزادِ کوٚ ڈامہِ منز پَنُن خانہٕ دار۔

شہزادَن یِیلہِ تَس تہٕ اَندی پَکھ سبٹھاہ حاؔرانی سان نظر اکر تمہِ پرٛژھس

''میانہِ مدن وارٕ مےٚ چھُکھا زانان؟ ژٕ زانگھ نامےٚ۔ بُہ چھس چاؔنی آشنٕ۔ چانہِ خاطرٕ دژ اَیس بُہ ماؔلی سِندِ گرِ۔ چانہِ موکھہٕ بوٚ رنہٕ مےٚ یَتھ باغس منز ینس تہٕ ژےٚ پَتہٕ پَتہٕ دِیوٕ سِندِس مکانس منز اژنس تہِ کانہہ ولیہِ۔ چانہِ خاطرٕ کرٕ مےٚ تَمی سِندی ماہ تہٕ مِیٹھی تہٕ لول بَرٕن برداشت۔ ژٕ چھُکھ نامےٚ پرٛژناوان؟''

پَتہٕ آو شہزادِ حبسَن منز تہٕ پرٛژناؤن سو تہٕ خوٚشی کرٕ آس اوٚش۔

تَمہِ ووٚنُس ''پگھ پگھ ووٗنی۔ بُہ وَنےٚ ژےٚ اَسہِ کیاہ پزٕ کرُن۔ دوٚس تہٕ تہٕ یَمَن باقی سارِنےٚ چھُ بہتھ زِ بُہ چھس اُمی ہِنز کوٗرِ سہٕ زور زبردستی کرِتھ بےٚ اُکر ہٕرٕ اُس۔ بُہ ہَمتھ ژٕ اُمِس نِش تہٕ وَنس زِ بُہ یِیلہِ دوٚس نِشہِ ژلان اُسس تہٕ مےٚ سمکھُکھ ژٕ۔ چون حُسن ڈیشتھ روٗدُم نہٕ پانس تام تہٕ کوٚرُم ژےٚ سِتیٚ کھاندر۔ اکھےٚ وَنہٕ بُہ اُمِس چانہِ شاؔہی ٹھکانک تہِ تہٕ کرِس زارٕ پارٕ زِ سُہ کرِن یہِ رشتہٕ قبوٗل۔ سُہ گژھہِ یہِ بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش۔ ژٕ مہ کھوژ پگھ تہٕ وُچھ۔''

شہزاۍ دِ سپز نہٕ مایوٗس۔ دیو گو وپنہٕ کورِہنٛدِ رتہٕ طالہک بوٗزِتھ سبھاہ خوش
کوٗرُن اَتھ سلسلس منٛز اکھ بوٗڈ سال۔ یتھ منٛز تمۍ پٔری یہٕ قبیلکۍ سأری بُلاوی۔

کینژن ہفتن روٗد شہزادٕ تہٕ شہزاۍ دیو سے نش تہٕ قدرتی بأو پتہٕ شہزادن گر
گژھنٕچ زبردست خاہش تہٕ شہزادِ یوٗژھ تس ستۍ گژھُن۔ دیو اوس سبھاہ یژھان ز
یم گژھی مے ستۍ روزٕنی مگر تس باسیاو نہٕ یمن اجازت دِنس اِنکار کرُن مُناسب۔ لہذا
دِژ تمۍ یمن ڈالہِ ستۍ تہٕ یہِ وٕنتھ کوٗر نکھ روخصت زِ یوٗت جلد پلوتیوٗت یی زیو واپس۔
باقے چیزن ستۍ ستۍ دِیت تمۍ یمن اکھ گُلی گوگر یتھ منٛز یتھ کانٛہہ نفریوٗت گوژھنٕچ
خاہش گرِ ہے سُہ واتہِ ہے تتھ جایہِ۔ یہو ے اوس شہزادٕ تہٕ شہزادِ ہُنٛد مقصد تہٕ تموٗ ڈٕ
ڈٕلی ڈٕلی موٕللی چیز تہٕ برِکھ اَتھ منٛز تہٕ اَمہِ پتہٕ پنہٕ نس ٹأٹھس دیوس تہٕ تمن سارِنے
پٔری ین یمہٕ یہنٛدِس نیرنس پتھ اَتہٕ سمیمٕ آسہٕ روخصت ہیتھ بیٹھی یم گُلی گوگرس منٛز تہٕ لٔگی
شہزادِ ہنٛدِس مألی ہنٛدِس محلہٕ خانس کُن ہوٗہس منٛز ڈُوگرنہِ سےکٕے کأٹی وأتی یم اور۔

اَمہِ دوہہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ وارِیہَن دوہن سپُد محل خانس تہٕ شہرس منٛز زبردست
شأدیانہٕ تکیٛاز بادشاہس نُز کوٗرأس واپس وأتھرِ تہٕ شہزادِ یعنے تمۍ سُنٛد مأرِ موٗنٛد خانہٕ دار
اوسنہٕ موٗ دمُت بلکہِ اوس زِنٛدٕ تہٕ وارِپأٹھی تمس ستۍ۔

(راوی: مکُند بایو، سوٗتھ سرینگر)



# ترٛےٚ شہزادٕ

دپان پرٛانہِ وَقتہٕ اوس اَکھ بادشاہ یُس پننہِ عٔلمہِ، طاقتہٕ تہٕ بہادری خاطرٕ مانِنہٕ اوس یِوان ۔ اُمِس بادشاہَس اٲسی ترٛےٚ نیٚچوِ یِمہِ ہرلحاظہٕ اُمِس بادشاہَس لایق اٲسی تکیٛازِ تِم اٲسی بہادر، چالاک، خوٗبصورت، داناتہٕ رٕتی۔

اَکہِ دوہہٕ کٔر بادشاہَن یہِ خٲہش ظٲہر زِ سُہ کٔرِ ہے پانس پتہٕ تخت کِس وٲرث سُند انتظام اَمہِ کِنہِ اناوِن پننہِ وزیر بُلاوِتھ تہٕ موٗنکنکھ اَتھ متعلق مدد۔ تِمو ووٗن تِمن "نیٚوِ کھیٚم شہزادٕ تہٕ پوٗرِ پاٹھی وُچھو کھدا نشوٗ کھ تہٕ یُس اَکِس متعلق توٚہی منظوٗری دِیِو سُہ کرِن ئہ پانس پتہٕ تختس پیٹھ بیہنہٕ خاطرٕ مقرر۔"

کینٛہہ دوہہ پتہٕ آے وزیر بادشاہَس نِشہِ پنُن جواب ہیتھ۔ یوٗ ڈوزیر اوس پہُند ترجمان تہٕ ووٗننکھ۔ "پنُن جانشین مُقرر کرنہٕ پٔنس متعلق گوٗھی زونہٕ اَسہِ ناراض تہٕ اٲسی کرُو عرض۔

سون تجویز چھُ زِ شہزادٕ ہیٚن باپارٕ خاطرٕ نبر سوزنہٕ تہٕ سُے آسہِ تُہند جانشین یُس یِموٗ منٛزٕ سارِوٕے کھوتہٕ زٔر ردولت سوٗمبرِتھ ہیٚکہِ۔"

باقی تمام وزیرو نوٗ مرو وپنُن گلہِ یُتھ زِ اَتھ بارس متعلق سارِنے ہُنٛز راے

یِہے زانِنہٕ ییہ۔

بادشاہَن وۆن ''چلویِ کرِو۔'' تہٕ فورَن بأوِن پنٕنۍ مرضی شہزادَن۔

ییلہِ پز بتھ کانٛہہ چیز تیار سَپد تہٕ ترٛےٚ شہزادٕ سپدۍ روانہٕ۔ تم گےٚ سأر

سمندرس گَن تہٕ اَتہِ کھٔتۍ اَکِس جہازَس تہٕ دزاے گَتھ تانی پرٛ مُلکَس گَن۔ یانِ

نِس مٔنزلَس وأتۍ تہٕ اَتہِ پٮ۪ٹھ دزاے بیٚون بیٚون۔ اَکھ دزاو یپأرِ بیا کھ ہپأر

ترٛیٚیم بیٚیہٕ لنٛدِ مگر اوٚرِ یور نیرنہٕ برٛ ونٛہہ کوٚر یِمَو فأصلہٕ زِ اکہِ خاس وقتہٕ پتہٕ وأتن

سأری تتھی جایہِ دُبارٕ واپس ییٚتہِ پٮ۪ٹھہٕ یِم الگ الگ دزاے۔

ژِھ ہوی زٕ بأے دزاے تہٕ پَنٕنہٕ پنسہٕ ٹنکہِ ستی کوٚرُکھ تجارت تہٕ سیٹھاہ دولت

گرِکھ جمع مگر کأنسہِ کوٚٹ ہیٚو رٕ دسوٚ دِرٛ بٕنٛھس اوٚرِ یور پھیران گراہتہِ تہٕ گرایِنہٕ

ترٛ اوان تِکیا زِ تِمس گووِی خوش۔

وۆنی ییلہِ سُہ سوچأنی اوس زِ سُہ کیاہ کَرِ پَنٕنہٕ نٮ۪ن روپیَن تہٕ اَتھی منٛز آدا

گوسأنیاتہٕ رٕ دأمی ہیے نِش ترٛبن دوہَن۔ اَمِس پاکباز شخصس یُس خأطرٕ تہٕ عزت

أمی کوٚر رتمہِ کنٛی سَپد سُہ تیٚوٗت خوش زِ تمی کوٚر اَمِس شہزادَس انعامہِ دِنک قصد۔

''ہٕ چھس چانہِ ریٚزرٕ تہٕ خدمُو خأطرِ سیٹھاہ شُکرگزار'' تمی وۆنُس ''ژےٚ کیا

چھی ناو، ژٕ کتہِ پٮ۪ٹھہٕ چھُکھ آمُت تہٕ ژےٚ کوٚت چھی گژھُن۔''

شہزادَن وۆنی تِمس بأنہٕ بأنہٕ پرٛ بتھ کانٛہہ گَتھ۔

''مےٚ سمجھُ'' گوسأنی وۆنُس ''ژٕ روز ییٚتی۔ گَن دوٗر گوٚژھی زبنہٕ تہٕ ییٚت

چأنی بأے واپس پھیرَن توٚت تانی روزی زِ ییٚتی۔ ژٕ سوزُکھ پنٕنۍ خدمت گار شہر

تتہٕ تیژٕ مکأے مُلی اَنن یوٗت ممکن سپد بکھ تہٕ یِیلہٕ تم یہ یورواتناوَن تہٕ ژٲسی زِدہ بے اَمہٕ منز ہَناہَنا سمندرس تژ اوان یوٗت تانی یہ ختم سپد۔ پتہٕ پرأرِی زِتہٕ ژلونکھ اَتھ سبٹھاہ سبٹھاہ معاوضہٕ۔" یہ ؤنتھ کوٗر اُمی پاکباز شخصن اُمس دُعایہٕ خأرلتہٕ وژاو۔

شہزادِ روٗ دتی کران یہ گوسأنی وۄنُس۔ تمۍ اَنی سبٹھاہ مکأے تہٕ تھاوٕن سو پَنہٕ نِس ٹھکانُس نِشہٕ ذخیرٕ کٕرتھ۔ سُہ روٗ داکہٕ پلہٕ شمن رتَن پژ بتھ دوہہٕ اَمہٕ منزٕ اَکھ اَکھ ہِا سمندرس تژ اوان یوٗت تانی یہ سأرِے ختم سپز۔ تمۍ سوٗچ زِ"وۄنی میلہٕ مے اَمیک بدلہٕ۔"

سُہ روٗ دکینژن دوہَن بڈٕ وومید ہتھ پژ اران مگر اَتہٕ سپُد نہٕ کینہہ تہٕ ظأہر۔ تمۍ وۄن پانَسے سۍتۍ "اُمی گوسأنی دِیُت مے دھوکہٕ۔ بہٕ گوس برباد۔ بہٕ کوٗتاہ بے وقوف اوسُس زِ مے یوٗ زاُمی سٕنز یہ غلط گتھ؟ مے کیاہ وَنہٕ مول تہٕ بأے۔ یِیلہٕ تم بوزَن زِ مے ژھنہٕ پنہٕ سارے روپیہٕ سمندرس؟ تم کوٗتاہ اَسن مے! بہٕ ہکہٕ نہٕ زہٕکۍ تہٕ وۄنی تمن پتِن بتھ ہأوِتھ۔ وارے مے کیاہ گوو! مے کیاہ کوٗر! بہٕ گژھہٕ وۄنی دوٗرِس مُلکس۔ کأنٛکی کتھ نیرٕ بہٕ یمہٕ شکس پتھرِ منزٕ۔ مگر سُہ اوس جلد بأزی منز یہ سوٗرے ؤنتھ گوٗمُت۔ یِیلہٕ پژ بتھ کانہہ تیأری سپز تہٕ شہزادِ تہٕ تمۍ ہندی سۍتۍ وأل نیرنُس تیار اُسی تہٕ کیاہتأنی سپُد۔ یوسہٕ مکأے شہزادن سمندرس چھُنژ اُس سو اُس اکہٕ بجہٕ گاڈِ کھینژ تہٕ تتھے شہزادِ سٕنزِ فراخدلی ہنزٕ خبر سمندرس منزٕ دوٗر دوٗر تانی وأتژ۔ گاڈَن ہندی کھیلین ہندی کھیلی پے اَتھ جایہٕ وأتتھ۔ گاڈَن ہُند بادشاہ (مُش) تہٕ آویمَن سۍتۍ۔ چھیکرس گو وأتہٕ اچانک یہ چھکنے بند۔

گاڈٕ بادشاہَن پُرٛژھ زِ "یہِ کیاہ زِ سپُد؟ اَسہِ اُس پتٕ موشیٖو رتو پیٹھٕ مکاٗ
واتان مگر وۄنی میۄل نہٕ کینٛہہ وددہو پیٹھٕ اَسہِ ۔کہنی۔ شہزادس میۄلا اَسہِ یہِ مہربٲنی کٲ
خاطرٕ انصافاً۔"

سارِوٕ ے وۄنُس "نہ ۔اَسہِ میۄل نہٕ اَتھ متعلق کانٛہہ حُکماہ۔"

"بۄ زِ و تیٖلہِ حُکم" وۄنُکھ گاڈٕ بادشاہَن "فورَن گژھو تہٕ شہزادس پ
معاوضہٕ ۔پرٛ ہتھ اَکھا نیٛو اَکھا اَکھ لال تہٕ سہ دِیو اُمِس ۔"

سارے گاڈٕ دڑ ایہِ تہٕ پرٛ ہتھ کانٛسہِ تھووسٕ درٕ بُٹھس پیٹھ تتھ جایہِ نکھہٕ اَکھا اَکھ
لال بیٚیہٕ شہزادٕ اِستادٕ رۄٗ زِتھ دوکھ زَد پاٗٹھی سمندرس مُدَ ے گنٛڈِتھ اوس ۔ سمندرس مٕ
شورٕ شرٕ ۔کنی اور کُن توجہ گرٕ ہتھ پھیوٗ رشہزادٕ تِمَن کُن تہٕ اَتہٕ وُچھن سیکہِ پیٹھ لالن ہُندٕ
بۄ ڈ امبرا۔ "ہے بہٕ کۄتاہ بد خصلت چھُس!" تِمٕ وۄن حاٗرانگی سان "مے کیاہ زِ میۄل
یتھہٕ کنی یہِ انعامہٕ؟ میانہٕ یژھہِ بے پرٛژھی ۔کتھہٕ شۄبہٕ یہِ انعامہٕ۔" یہِ ونان دِیُت تِمٕ فورا
حکم زِ اَتہِ نیر نچہِ سارے تیاٗر یہِ گژھَن بند پنہٕ گرنہٕ ۔ تِمٕ وۄن "بہٕ روزٕ بیٚتری یوت تان
میاٗنی باٗ ے ترن ۔ گرِ و بیٚیہٕ خمہٕ استادٕ۔" بیٚتس کالس بیٚیہٕ ٹھکانہٕ تیار کرنہٕ اوس یوان
تیٚتس وُتس رۄٗ دسہ تہٕ تُسٛد زِ ۔نٛھ مُلازِم سہ لالہٕ امبر وٹان تہٕ سۄمبران یُس گاڈٕ
اۄ ٹمت اوس۔

اُکِ وۄن اُمِس نفرس "خبردار ۔تُھنہٕ بیٚیمہِ معاملِچ کانٛہہ خبر شہرٕ کین بسکیٖن
کانٛسہِ بیٚیس تِتھس شخصس کُنٛ گژھہِ یُس اَسہِ سمکھہِ تہٕ اکھٕتے پنہٕ اَتھ متعلق کینٛہہ
میانِٕن بایَن تہٕ وَننہٕ پیہِ ۔بہٕ چھسے ژے پیٹھ پرٛژھ کران تہٕ ژٕ پھُٹر کھہ نہٕ میۄن

بھروسہٕ۔ ژٕتہٕ میٲنی باہٕتے ستہ بأج روزن نہٕ انعامہٕ پۆز اوسہٕ ورأے ہرگاہ توٚہۍ میٲنی حُکم عدوٗلی کرِونہٕ۔"

أمی شخصن کوٚرُس وعدٕ تہٕ أمہِ پَتہٕ پٕز بتھ دوہہٕ یوٚت تانی شہزادٕ أتھ جایہِ اوس توٚت تانی روٗزن پٕز بتھ دوہہٕ گاڈن وفوٗر مکأے تز اوسہٕ یوان۔

پَتَن یہِ خزانہٕ ژھیپر أوِتھ تھاونہٕ خاطرٕ تھاونو وۍہِ شہزادن گٕھی لو ہرن منز۔ أمہِ پَتہٕ کٔمے کاٹی دوت سہٕ دوہ بیلہِ تَس اَتہِ نیرٕن اوس۔ یتھ زن سہٕ تتھ جایہِ ولتہٕ ہے ییتہٕ سہٕ مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس پیٹھ باین سمکھہِ ہے۔ سہٕ اوس أتھ نسبت وتک تیتھ پابند زِ سہٕ ووت باہٕتے دوٗن شہزادن ہندِ نشہِ أکھ ژٕ دوہہٕ برونہہِ أتھ جایہِ۔

"یہِ گو وقسمت" أکھاأ رکس سمکھتھ دوٗن پانہٕ وأنی یمو۔

زِٹھی ہوی شہزادن دوٗن "بہٕ روٗدُس کپرٕک بایار کران تہٕ زبوٗنم یۆتاہ" تمہٕ دوٗن سبٹھاہ بارٕ رقم۔

باہٕتے دویو دوٗنُس خوش گرٕھتھ "سبٹھاہ جان"۔

دوٗیم شہزادن دوٗن "بہٕ روٗدس ساہوکأری کران تہٕ پیٚڑ ا دولت گرٕم جمع" تمہٕ کٔر تہٕ دوٗن سبٹھاہ بارٕ رقم باقیو دویو دوٗنُس "سبٹھاہ زبر"

پَتہٕ دوٗن لوٕکٹ ہوی بأے "بابو، توٚہۍ وُچھو میوٗن قِسمت، تمہٕ ہوو کینژن لو بر گٕھن کُن۔

"ہے ہے" باہٕتے دویو بابو دِژ کربکھ "ژٕ ے کیاژ کوٚر تھ۔ یتھ موٚ گر تہٕ بے فأیِد بایار۔"

جلدٕ ے کۆ ریٖمو اَکھ جہازٕ تہٕ ترٛ ے شہزادٕ دژا ے پَنہٕ نٮ۪ن خدمت گارَن
ہٮ۪تھ اَتھ جہازَس منٛز پَنہٕ نِس مُلکَس کُن۔ اُتھی منٛز اوس جہازَس منٛز زِیٚن زالِنگ
سبٕتھاہ ناقص انتظام کرنہٕ آمُت۔ وُنہٕ اوسنہٕ تِمو اَتھ جہازَس منٛز نصف سفرتہٕ
کۆرمُت زِ یہِ سبٕتھِے ضرۆری چیز ہیوٚتن موکلُن۔ اَمہِ کِنۍ آے زِٹھی شہزادٕ تہٕ جہاز رال
کاٗنٛسہٕ کیٚتِس شہزادَس نِش تہٕ لوگہَس زارٕ پارٕ کرُن یُتھ تِمَن سُہ کیٛنٛہہ لوبر ڈیرزالنس
اجازت دِیہِ ہے تہٕ وعدٕ کۆرہَس زِ تِتھے زمینس پیٛٹھ وَسَن تہٕ تِم کرَن تِمس قمت ادا۔
کاٗنٛسہٕ کُرٕ شہزادَن کۆ رنگھ اقرار تہٕ دۆیمہِ دوہہٕ صُبحس کیٚتھ دِیٚتنگھ اَمہِ منٛز
لال نمبر کڈِتھ تیوٚتا یُتھ یہِ باقے نصف سفرس دوران ٹھیک پاٗٹھی پوشہِ ہے یتھہٕ کِنۍ
ووت کینژٕ کاٗلی جہازٕ پَنہٕ نِس منٛزلَس تہٕ یِم شاہی مُساٗفر وٚتھی جہازٕ منٛزٕ۔ ڈٕلی ڈٕلی دراے
تِم ماٗلی ہٕنٛدِس محل خانس کُن تہٕ تِہنٛدِ واتنہٕ پَتہٕ بیٚیہِ دوہہٕ بُلاٗوِی تِمی ساٗری لۆکھ یُتھ زِ
تِحٕنٛک نۆ وواٗرِث مقرر سپد نُک تِم نظارٕ کرہَن۔

اَمہِ کِنۍ سمیٚا واتِہ لۆکہٕ ارساتھا۔ تمام وزیرَن ہٕتی بیوٚٹھ بادشاہ دربارس منٛزہٕ
پرٛ یتھ اندٕ اٗسی لۆکہٕ ہجوٗم۔ پَتہٕ آے شہزادٕ بادشاہَس تہٕ لۆگن بڑٕ وٕنہہ کُن بُلاونہٕ یُتھ زِ
تِم پٕنٕنۍ دولت ہاوٕ ہَن تہٕ بیٚیہِ پٕنٕنۍ تجربہٕ باوٕ ہَن۔ گوڈٕنیتھ آو زِیٹھ ہیوٚ شہزادٕ۔ اَمہِ پَتہٕ آو
دۆیِم شہزادٕ تہٕ تِمی کۆ تہٕ کۆ رِ پی۔ لۆکھ ییٚلہِ تِہنٛد یہِ کلامہٕ بوزان اٗسی تِم رٕوٕ دِی کربکہٕ دِوان
"یہوے بٕنِن بادشاہ، یہوے بٕنِن بادشاہ۔" مگر وۆنۍ ییٚلہِ کاٗنٛسہِ کۆٹ شہزادٕ آو تہٕ تِمی
ہاٗوِی پٕنٕنۍ لوبر ڈیر۔ بادشاہ تہٕ تمام لۆکو ترٛ ووتِس اُسن تہٕ دۆ پہَس گرٛ ھیٚتہٕ نِس۔
تِمی وۆن "بابہٕ صاٗب، یِہُنٛد جلد باٗزی مہ کرِو" پَتہٕ پھیوٚ رلۆگن کُن تہٕ دژ

کھاٲلتھ وۆننگھ سارِنے کُن ''ٲسو توٚہؠ وُنی پِشتاٲوِ وتوٚہؠ پَنِہٕ نِس اَسنِس پِیٹھ۔ وُچھِیَو منٛزٕ ٲکِس ٲکِس لوٚبرِس منٛز چھُ اَکھ اَکھ لال یُس سٮ۪ٹھاہ بیٚش قیمت چھُ۔'' تِمو پھُٹرٕ اَکھ گُھلوٚ برِتہٕ اَمہِ منٛزٕ پیو اَکھ لال۔ ''وُچھو یِیارِ! یِہ وُچھو! وُچھو یِہ! اَمہِ منٛزٕ روٚو اَکھ اَکھ لال نیران۔ اَمہِ ستی گوٚو پرٛ بتھ شخص حٲرت!۔

بادشاہَن وۆن ''مےٚ چھےٚ اَزتانۍ تِتھۍ لال وُچھمتی۔ یُزی کِنہِ ہکو نہٕ یِہُندِ مولُک انداز ے کٔرِتھ۔ میٲنۍ تیٚمی کانٛسہِ کُٹٕ شہزادَن چھےٚ تِمہِ کھوتہٕ تہٕ زٕر دولت سۆمبرِتھ ٲنۍ ہرٕ پیٚرٕ زَن دۆیمِن دۆن شہزادَن، میٲنۍ تہٕ تمام لۆکن ہنٛز سارِے دولت سۆمبرِتھ تہٕ سَمہِ نہٕ۔ یِہو ے بنہِ بادشاہ۔''

''آ۔ آ۔ یِہو ے گژھہِ بادشاہ بنُن۔'' یِہ اوس اَتہِ جمع لۆکن ہُند جواب تہٕ اَمہِ پتہٕ وژا ے تِم پنُن پنُن گرٕ۔

اَمہِ پتہٕ کیٚہہ کالہٕ گٔنڈ ریاوسہ بزرگ بادشاہ تہٕ آو تخت یِہ کھالنہٕ۔ لوٚکُٹ ہوٚی شہزادَن لاج تِمی سنٛزِ جایہِ حکوٗمت کرٕنۍ یٮ۪لہِ زَن دۆیم زٕ شہزادِ تِمس ماتحت دۆن تھدبن عوہدَن پیٹھ تعینات آے کرنہٕ۔



(راوی: مکُند بابو، سۆتھو، سرینگر)

# کوٗس وٲتِھ بادشاہ

اکثر چھُ یہِ سپدان زِ بدخصلت چھِ کو کار کرِتھ تہٕ پھبان تہٕ رتبن چھےٚ ٹھونٛٹھ یِوان۔

دپان یہِ اوس اکھ بادشاہ یُس سیٹھاہ رحمدل تہٕ عادِل اوس۔ سہٕ اوس یژھان زِ تسنٛز رعایا گژھہ ہر رنگہٕ خوشحال آسنۍ۔ اکہِ دوہہٕ تو رٕ تس اچانک فِکرِ زِ تمۍ سنٛدِ مُلکچ آبادی چھےٚ کم کم گژھان۔ اَتھ کیاہ ہیکہِ سپدِتھ تہٕ اوسنہٕ تس پتاہ۔ قانون اُسی ٹھیک تہٕ انصافہٕ مطابق، مالیہ تہٕ اوس کمے تہٕ فصل تہٕ اوس یژھا ٹھیک ٹھیک آسان۔ تیلہِ کیازِ چھےٚ آبادی کم سپدان؟

اَمیُک وجہ زاننہٕ خاطرٕ بدلو و بادشاہن فقیر سُنٛد رخت تہٕ لوٗگ مُلکس پھیرنہٕ۔ یتھہٕ کنۍ نیٛیا وتس زِ اکھ بوٗڈ جن چھُ متو اُتر گامن تہٕ سرین منٛز یِوان تہٕ یوٗتے گژھان چھُ تتہٕ چھُ لوٗٹ مار کران۔ پننہٕ نس اَتھ سفرس منٛز سمکھے یہِ بادشاہس یہِ بلاے تہٕ مگر پزٕ زِ ناوِتھ ہیچن نہٕ تیکیا زِ تس باسیاو یہِ معمۆلی نفرا۔ بادشاہ یِیلہِ شہر نشہِ دوٗر اکِس بنجرس تہٕ وُجارٕ جایہِ ووت اَتہٕ وُچھ اُمۍ اکھ نفرا اچھ وٕتھ تہٕ کنن منٛز اونگجہِ برٕتھ

پتھرِس پیٹھ کوٗ ٹھین پیٹھ یتھ زمینَس ٹھولہٕ والان۔

بادشاہن ووٚنُس ''ہے، ژٕ کیٛا سایہٕ کران؟ ژٕ ما چھُکھ دیوانہٕ؟''

توٚرٕ دِیُتُس جواب ''نہ نہ۔ بہٕ چھُس یتھ جایہٕ عبادت کرنہٕ آمُت۔ اَچھ چھَم بند تھاوِتھ ییتھ زِ یتھِس گُنہِ چیٖزَس پیٹھ پییم نہٕ نظر ییٚنہٕ اَچھ وُچھنہٕ گوٚژھن گن چھَم اوٚنکُنۍ بنٛد تھاوِ‌ؠتۍ زِ بہٕ گوٚ ژھُس نہٕ کانٛہہ خراب کتھ بوٗزُن تہٕ گلہٕ ستۍ چھُس زمینَس اَمہ کِنۍ ژنجہٕ دِوان زِ کیٚنٛہہ کرِہا کھٕین چھگ تہٕ کانٛہہ مےٚ تل گژھہِ نہٕ تہٕ میانہٕ ذٕرٕ مارٕ گوٚژھنہٕ گناہ گھسم نہٕ۔''

بادشاہن ووٚنُس ''اے نیک انسانہٕ۔ ژٕ کتہٕ چھُکھ روزان؟''

''ہوٚ کیٛاہ یُتھ۔ ووٚلہٕ ہرگا فرصت ہش چھے تیٛلہٕ روزٕ کھمےٚ نِش راتَس۔ مےٚ چھُ باسان زِ ژٕ چھُکھ تیُتھ اِنسانا تیٚمہٕ نہٕ ییٚمہٕ دُنیا کین چیٖزَن پیٹھ دِل چھُ گوٚنڈمُت۔

بادشاہن تہٕ موٚن تہٕ تتھہٕ کِنۍ گےٚ تِم دوٚنوے اَمِس نیک انسانہٕ سُنٛد گرٕ۔ اور واٚتِتھ ووٚن اَمۍ زنانہٕ زِ ژٕ اَن گرم آبہٕ ہناتہٕ چھَل پوٚ ھس کھور یتِس کانٛس ییٚےٕ بہٕ یورٕ۔ زنانہٕ آو اَمِس ازاَنۍ نفرس پیٹھ عارتہٕ تِمَس کھور چھلان ووٚنس زِمیوٚن رون چھُ اَکھ کیمیا گرتہٕ سہٕ کرِی ژےٚ قتل تہٕ تُمۍ چھِہ یتھ گُن تہٕ ہتہٕ وادمارٕ ہتۍ۔ تِمۍ ووٚن تَس زِ ژٕ تُل ییم ترٕ ژےٚ گلچہٕ تہٕ نیریتہٕ فِل فور۔ میون خانہٕ دار آسہٕ اور یکان تہٕ اور یتھ ژھانڈی ژےٚ۔ ژےٚ ییتہٕ نہٕ ڈیٛشتھ ترٕ اوِ ژےٚ پتہٕ اَکِس شکاٗرۍ ہوٚنس۔ مگر ژٕ کھوٚژرۍ زنہٕ۔ تِمہٕ ووٚنُس بزٕ وٚنہہ گُن تِکیٛا زِ ہرگاہ ژٕ تَس اَکھ گلچہٕ ترٕ اوکھ سہٕ کھیٚیہٕ اَتھ تہٕ

پھیرِ واپَس ۔ اَمہِ پَتہٕ ترٛاوِ کیمیا گر بیٚیِس ہوٗنَس تہٕ ژٕ ترٛاوَکھ تِمَس دۄیِم کُلچہٕ ۔ اَمہِ پ
لَگی ژٕنے ترٛیٚیم ہوٗن پَتہٕ تہٕ ژٕ ترٛاوی زِ تَس ترٛیٚیم کُلچہٕ ۔ یٚیتِس کالَس آسکھ ژٕ شہ
وۄتمُت تہٕ اوٗت دورٕ نے نہٕ ژٕنے ہوٗنی پَتہٕ ۔

بادشاہَن کوٚر اَمِس زنانہٕ شُکر یہ تہٕ دٕژاوٲنہٕ ۔ سُہ یوٗت تیز دِتھ ہیوٚک
تیوٗت دوریاو ۔ کہے کاٗلہٕ آو تَس ہوٗن پَتے ، پَتہٕ بیٚیا کھ تہٕ اَمِس پَتے بیٚیا کھ ۔ یِم اُس
دۄکھہٕ ہوٗنی تہٕ ہرگاہ نہٕ سُہ تِمَن کُلچَن کُن لاگہِ ہے تِمہٕ کڈ ہَن تَس توسمہٕ ۔ شہرٕ واتِتھ گو
سُہ پَننِس محل خانَس منٛز تہٕ واپس شاہی لباس لٲگِتھ بُلاوِن اَمی ساعتہٕ پننہٕ مَن
سپاہَن ہنٛز اَکھ چھوکھ تِمَن دِتُن حُکم زِ گٔژھو تہٕ کیمیا گر ژٕھنیوٗن قتل کٔرِتھ تہٕ تِمی ہنٛز زنانہٕ
اَنیوٗن یوٗرکیٚن ۔ ییتھہٕ کٕنۍ آو کیمیا گر مارنہٕ تہٕ تِمی ہنٛزِ زنانہٕ آیہِ شاہی زنانہٕ خانٕچ ذِمہٕ وٲری
دِنہٕ ۔ اَمہِ پَتہٕ اوس مُلکَس منٛز اَمَن تہٕ پاپرجائی ۔

(راوی: پنڈت ژندر کول ۔ سرینگر)



# پڑ یہِ وُ ن شہر تہٕ پٔری شہزأدی

دوہہٕ اکہِ اوس اَکھ نوجوان شہزادٕ مألی ہٕندِس بڑٕس وزیرٕ ہٕندِس نیچوِس ستۍ تیر اندأزی ہٕنز مشق کران زِ اکہِ غأبہٕ آوٕ اَکھ تیر أکِس سوداگر ہٕنزِ آشنہِ یوسہٕ نگھہٕ تلہٕ کہِ اکہِ مکانہٕ کِس ہیرِمِس کمرِس منز اورٕ یور کران أس۔ شہزادَن گرٛیاوٕ أکِس جاناوارَس آے یُس اَمہِ گمرٕ چہِ دارِ ہٕندِس دأسِس پیٹھ ہیتھ اوس تہٕ تٔمِس اوسنہٕ یہِ بلکل تہٕ خیال زِ اَتہِ نَس آسہِ بیہِ کانٛہہ نَتہٕ لایہِ ہے نہٕ سُہ اَمہِ لٔنڈٕ تیر۔ اَمہِ کِس نتیجس منز کیاہ اوس سپدٕ مُت تتھ متعلق کانٛہہ پَے پتاہ نہ آسنہٕ کِنۍ دراوٕ سُہ تہٕ وزیرزادٕ اَتہِ۔ وزیرزاداوس أمِس جاناوارَس نِشانہٕ نہ لگنہٕ مؤجُب سَلباوان۔

أتھی منز گو وسوداگر پننہِ آشنہِ گژھ تأنۍ متعلق پرٛژھنہٕ خأطرٕ اَتہِ وُچھن سو دراز دِتھ تہٕ سو أس کمرِس سمنزِس پٔرِ پأٹھی موٗمٕژ باسان تہٕ تٔمۍ ہٕندِ گلہٕ نِشہِ یوٚہے اوٚڈ گزا اوس پتھرِس اَکھ تیر لٔگِتھ۔ تٔمِس باسیاو زِ یہِ چھےٚ موٚمٕژ تہٕ دوان دَوان گووارِ نِشہِ تہٕ دِژن کربکھ ''ژوٚ رہو، ژوٚ رہو۔ یمو ہامأرمیأنۍ زنانہٕ۔'' ہمسایہِ گے ژٕلی ژٕلی جمع تہٕ أمۍ ہٕندی موٚ ہنوی کھٔتۍ ژٕلی ژٕلی ہیوٚ رزِ اَتہِ کیاہ سپد۔ ژٕکہِ أس یہِ زنانہٕ بے ہوش گمٕژ تہٕ تَس

اوس وَچھس تتھ جایہِ اَکھ ہیؤلۆ گُمت یپأری تیژک چھِہ اوسُس لۆ گُمت۔

یام اُمِس زنانہِ ہوش آو تَمہِ وۆن تَمن زِ نو جوان اُسی لپأری کِنۍ تیر تہٕ کمان ہیتھ پکان تہٕ یِمو مژِ لوے اکھ زأنتھ ماُنتھ تمہِ وِزِ اُمِس تیر یِیلہِ سوداریِنش ووٚدِ اُس۔

یہِ بوٗزِتھ گو سوداگر بادشاہَس نِش تہٕ وۆنُن تَس یہِ سورُے معاملہٕ۔ بادشاہَس کھوٚت یِژھ ہش دید دلیری بوٗزِتھ سخت شرارت تہٕ کھیوٚن قسمِ ناس زِ ہرگاہ اُمِس جرم کرن وألی سُند پےٚ لوٚگ تِمس ییہِ سخت سزا دِنہٕ۔ تِمۍ دِیُت سوداگرَس واپَس گژھنُک حُکم یُتھ زِ یہِ معلوٗم گرِ زِ تِمۍ سِژِ یہِ زنانہِ ہیکیا تِمس نوجوانَس پچھأنتھ ہرگاہ سو تِمس دُبارٕ وُچھِ۔

''آ۔ بالکل'' زنانہِ دُیُت جواب ''بہٕ ہیکہ تِم شہرِ کیو تمام لۆگو مَنٛزٕ وَنہٕ کٔڈِتھ۔''

یِیلہِ یہِ جواب ہیتھ سوداگر واپس آو تہٕ بادشاہَن وۆن ''تیلہِ پکناوَکھ بہٕ شہرِ کِ سأری مَرٕد بسکین چانہِ مکانہٕ کِنۍ تہٕ چأنۍ زنانہِ روزِ دارِ پیٹھ تہٕ کٔڈِ تِمس نفرس وَنہٕ یُمۍ یِژھ گُستاخ حرکت کٔر۔''

اَمہِ مقصدٕ آیہِ شأہی منأدی جأری کرنہٕ۔ اِمۍ موٗجُب آے صُبحس کیُتھ شہرِ کۍ داہ وُہرِ کۍ تہٕ داہ وُری ہُر وأنسہِ ہِنٛدۍ سأری لڑکہٕ تہٕ نفر سوٚمبراونہٕ تہٕ درا سوداگرٕ سِنٛدِ گرٕ کِنۍ۔ اتفاقَن اُسی شہزادٕ تہٕ وزیر زادٕ تہِ (تِکیازِ تِم اُسی اَمہِ حُکمُچ تعمیل کرنہٕ نِشہِ مُچھِ) تِمن لۆگن یِتۍ تہٕ دزا لۆکہٕ ہجوٗمَس یِتۍ لپأری۔ تِم اُسی اور تماشہِ وُچھنہٕ آمٕتۍ۔

تیتھے تِم زِ سوداگر ہشِرٕ دارِ کنٕز وڑاے تِم پڑٕ زِ ناأوِ سوداگر بایہِ تہٕ فورَن دِتُن بادشاہَس اَمیُک اطلاع۔

بادشاہَن یُس شرُوٗع پیٹھے اَتہِ مؤجوٗداوس تِمۍ وۄن حأرتہٕ سان "میوٗن نیچو تہٕ وزیرِ اعظم سُند نیچوٗ!"

"یہِ بَنہِ لوٗکن خأطرٕ مِثال۔ گرِیوٗ کھیم دوشوٗے قتل۔"

وزیرَن وۄنُس "یُہ چھسے ژٕرے گٕلی گنڈان۔ جناب یہِ مَتہٕ کٔرِو تو۔ گوڈٕ گوٗژھ اَتھ معاملس وارٕ پأٹھۍ تحقیقات سپدُن۔ یہِ کتھٕ پأٹھۍ سپُد؟" وۄن نوجوانَن پھیرِتھ وۄن تِمۍ بڑٕ ڈٔنہہ کٔن "توٗہہِ کیاہ زِ کٔروِ یہِ ظالم کام؟"

شہزادَن دِتُس جواب "مےٚ لوٕے اَکس جاناوارس تیر یُس ہُمہِ مکانچہِ یبلہِ دارِ ہِندِس داسَس پیٹھ بہتھ اوس مگر سُہ آو نہٕ تَس۔ مےٚ باسان تیلہِ ما آوٕ سُہ سوداگر بایہِ۔ ہرگاہ مےٚ پتاہ آسہِ ہے زِ اَتہِ نگھہٕ چھےٚ سویابییہٕ کاٹھہ بُہ لایہ ہانہٕ تیلہِ لأرِ تیر۔"

یہِ جواب بوٗزِتھ وۄن بادشاہَن "اَتھ پیٹھ کروأسۍ پتہٕ گتھ۔ لوٗکن دِیو نیرنہٕ۔ یہُند یتہٕ روزُن چھنہٕ وۄنۍ ضرورت۔"

شامس کٔر بادشاہ تہٕ تِمۍ ہِندۍ وزیرَن پنہٕ نین دۄن نیچوٗبن متعلق زٕتھ تہٕ ویژھنتھ گتھ۔ بادشاہ اوس یژھان زِ دوشوٗے تنۍ پھٕہہ دِنہٕ مگر وزیر اوس سوچان زِ صرف گژھہِ شہزادس یوٗت سزا دِنہٕ یُن تہٕ تِمۍ کوٗر تجویز زِ بادشاہَس اوس نیچوٗی سُند تیُتھ شرارت زِ سُہ وُچھہِ نہٕ کٔہ تِمۍ سُند بُتھ تہٕ دبار اَمہِ کٕنۍ گژھہِ شہزادِ مُلک بدریُن کرنہٕ۔

چھیکرَس گووِلی مقرر۔

اَمہِ مطأبق دڑاے بیٚیہِ دوہہٕ ضُحٔس کیٚتھ فوجین ہٕنٛز اَکھ لوکٹ چھو
شہزادَس شہرٕ نبر ترٛاونہٕ خاطرٕ ستی۔ییٚلہِ تم اُخری چوکہِ پیٹھ واتی وزیر سُنٛد نیٚچوٗ تہٕ
یَمن نِش وأتتھ۔ سُہ اوس سبٹھاوٗ ژھہِ ساٲنے پانس ستی ژوٗن گربن پیٹھ ژور موہر
ٹھیلہٕ ہیتھ آمُت۔ ''بتہٕ یمہٕ'' تمۍ ووٗن شہزادَس گردنہِ پننہٕ نرِ ترٛأوِتھ۔ ''تِکیاز بہٕ دِ
نہٕ ژٕے گُنے ژوٗن نیرنہٕ۔ اَسۍ چھِ یکجا روٗدی ستی، اَسۍ نیرو مُلکہٕ منٛزٕ تہٕ یکہٕ وٹہٕ تہٕ اَ
مَروتہِ یکہٕ وٹے۔ ہرگا ژٕے بہٕ ٹوٗٹھ چھُسے تیٚلہِ مَہ پھرِ مے واپَس''۔ شہزادن ووٗنُس
''ژٕ سوچ زِ ژٕ کیاہ چھُکھ کران۔ مےٚ ہیٚن سبٹھاہ مُشکل بنِتھ۔ ژٕ کیازِ ترٛاوکھ مےٚ ستی
روزنہٕ خاطرٕ پنُن گرٕ تہٕ مُلک؟''

تمۍ ووٗنُس ''تِکیازِ مےٚ چھُکھ ژٕ ٹوٗٹھ تہٕ ژٕے ورأے ہیکہٕ نہٕ بہٕ زنہے تہٕ خوش
روٗزِتھ۔''

لہٰذا اروٗدی یِم زٕ دوست اَکھاَ رِکس ستی روٗزِتھ مُلکہٕ منٛزٕ نیرنہٕ خاطرٕ یُت
ممکن سپدُ کھ تیُت تیز پکان تہٕ یَمن پتہٕ اَسۍ سپاہ تہٕ قیمتی مال ہیتھ گرِی پکان۔

بادشاہ سنٛزِ سلطنتٕ ہندِس سرحدس پیٹھ اَ رِکس جایہِ وأتتھ دِژ شہزادن سپاہَن
کینٛہہ سونہٕ ہناتہٕ واپس پھیرنک دِیُنکھ حکم۔ سپاہ ہورٛوٹ یہِ مال تہٕ دڑاے۔ دوٗن
گو تم گےٚ نہٕ زیادٕ دوٗر بلکہِ روٗدی کنین تہٕ کھنگرن ژھایہِ ژھیٚپتھ تہٕ توٚت تانۍ روٗدی أتی
پڑاران یوٚت تانۍ تمن یہِ پڑھ پیٹھ زِ شہزادَس چھُنہٕ واپس پھیرنک ارادٕ۔

مُلک بدر کرنہٕ آمتی روٗدی بڑٕ ؤہہ بڑٕ ؤہہ پکان یوٚت تانۍ تم اَ رِکس گامس

منز وأتی ییتہِ یمو اَتھ جایہِ أکس بڈِس کُلس تل راتھ گذارنک ارادٕ کوٚر۔ شہزادن زول نار تہٕ تمہِ سامانہٕ منٛز کینٛژہ وچیز وٕستی کوٚرن ودھرُن تیار یُس یمن ستی اوس ییلہِ زن وزیر سُند نیچو وأنس، کاندرس تہٕ پٔجس نش کالُک کھمن تیار کرنہٕ خأطرٕ سامانہٕ اننہِ گوو۔ کمہِ تانٛ وجہہ کنٛز لوٚگ تس ژیر شاید اُس ژوٚٹ ڈُنہٕ نا تیارٕ ے نتہٕ اوسنہٕ وأنٛژ سوٚرے تیار تھوومُت۔ أڈِس گأنٹس پرارنہٕ پتہٕ سپُد شہزادٕ بے تاب ہیوٚ تہٕ وۆتھ تھوٚد تہٕ لوگُن اورٕ یورٕ چکرادِین۔

پتہِ اَتھ تھکہٕ جایہِ نکھے دُچھ تُمۍ اَکھ خوش ہیوٚنٛ صاف آبہٕ کولہِ ہنا پکان تہٕ یہٕ بوٚزتھ زِ امیک آگر چھنہٕ دوٗر درژا وسُہ یہٕ ژھانڈنہِ۔ یہٕ کول اُس اکہِ خوبصورت جھیلہٕ منٛز نیران یُس اَمہِ ساعتہٕ بڈٕو بڈٕو یمپوشو تہٕ باقے اٖلی گلو زأ ژوٕستی ڈٕلتھ اوس۔ شہزادٕ بیوٚٹھ اَمہِ کِس ڈٔنڈِس پیٹھ تہٕ تریشہِ ہوٚت آسنہٕ کنٛز تُجن آبہٕ دوٚژھا۔ خوش قسمتی کنٛز دُچھ تُمۍ چنہٕ برٕ ونٛہہ پنہٕ نس اَتھس کُن تہٕ اَتہِ أکس خوٗبصورت پٔری یہٕ ہُنٛد نوٗن تہٕ گوٚن پرتوٗ وٕچھتھ سپُد سُہ سبٹھاہ حأران۔ حقیقت زاننہٕ خأطرٕ دِژ تُمۍ اورٕ یورٕ نظر امگر لتہِ ییٚلہِ نہٕ کہنٛ نظرِ گوٚس تہٕ چون یہٕ آب۔ پتہٕ دُبارٕ آب تُلنہٕ خأطرٕ وہرأوِن اَتھہٕ۔ دُبارٕ دُچھ تُمۍ اَتھس منٛز موجوٗد آبس منٛز یہوے پرتو۔ گوڈ نکی پأٹھۍ دِژ تُمۍ اورٕ یورٕ نظر تہٕ اَمہِ وِزِ دُچھا اُمۍ جھیل کِس لیأرِ مس ڈٔنڈِس پیٹھ اَکھ پری بہتھ۔ اُمس وٕچھتھ پیوٚ سُہ اٖتی غش گوٚژھتھ پتھر۔

ییٚلہِ وزیرزادٕ واپس ووت تہٕ اَتہِ وُچھن ناردزان، گرٕ ٹھیک پأٹھۍ گنٛڈِتھ تہٕ موہرٕ ٹھیلہٕ أکی سے جایہِ ڈیرٕس کرِتھ مگر شہزادٕ نہٕ کُنے۔ تس اوسنہٕ کینٛہہ سوچنے تگان

سُہ ٹھٔہر یاوکینژ ٕ س کاٗلس تہٕ پتہٕ دِژن کریکھ مگراورٕ کاُنہہ جوابا نہ پتہٕ، کٔز ووٗ تھٔو سُہ تھ

گووکولہِ کُن۔ اتہِ گاٗس پتہٕ نس یارٕ ہنٛدی پدبن ہنٛدی نشانہٕ نظرٕ۔ یم وُچھتھ گو

جلدٕ ے واپس ہارٕ دیارتہٕ گربن وُچھنہٕ تہٕ تم پانس ستۍ تُلِتھ گووسُہ شہزادٕ ہنٛدیو پدو

جھپِلس پیٹھ۔ اَتہِ وُچھن سُہ پتھرِس پیٹھ دراز دِتھ زنتہٕ پۄرٕ پاُٹھی مۄدمُت۔ افسوٗ

وہٕ افسوٗس! تٔمۍ ژھٔٹ باکھتہٕ شہزادَس تھوٚد پہٚن تُلِتھ چھوکنَس بُتھس تہٕ کٔلس آب

افسوٗس، میانہِ بایہ،، یہِ کیاہ؟ ژٕ مَتہٕ مَرتَم مےٚ یتھ حالَس منٛز ترٲوِتھ۔ تلا گتھ کر۔ گ

کرتَم۔ میانہِ خدایہِ بٔہ ہیکہٕ نہٕ یہِ ژٲرِتھ!،،

آبہٕ ستۍ آوکینژِ منٛزِ پتہٕ شہزادٕ واپس ہوشہِ ہیوٗ، اُچھ مۄراوبن تہٕ لوٗگن یاُ گ

پاُٹھی اورٕ یورٕ وُچھن۔

،،شُکر خدایَس کُن،، وزیر زادَن ووٗن خوشی سان ،،مگر بایہِ۔ ژٕلیل کیاہ

چھےٚ؟،،

شہزادَن ووٗنس ،،نیر ییٚتتھ۔ بٔہ چھسے نہٕ ژےٚ کہنہ تہٕ یژھان وَنُن تہٕ نہ

چھسَتھ ژٕ وُچھن یژھان۔ نیرژٕ ییٚتتھ۔،،

،،بکھ، ووتھ اُسۍ نیرو ییٚتتھ۔ وُچھ مےٚ چھےٚ ژےٚ کیٛتھ کینٛہہ کھمنا تہٕ

اوٗ نمت، بیٛہ گری تہٕ ساٗری چیز۔ ووتھ کھےٚ یہ تہٕ اُسۍ نیرو۔،،

شہزادَن ووٗنس ،،گوڈ کُنے زوٗن۔،،

وزیر زادَن ووٗنس ،،سوالے چھنہٕ تہٕ۔ تیٚتھ کیاہ سپد ییمہ کٔز ژےٚ بٔہ

اچانک اجنبی ہیوٗ چھسے باسان، وُنی کینٛہہ کال برٛونہہ اُسۍ اُسۍ بارٕ نۍ تہٕ ووٗنی چھسے بٔہ

ژے اُچھَن تہٕ کھران ہیوٚ۔ ''شہزادن ووٚنُس'' مےٚ پییہٕ اَکس پرٕی یہ پٹھ نظر۔ بلکہ اَکس لِمحس وُچھم تسُند بتھ مگر ییلہِ تمہٕ یہ زون زِ بہٕ چھُس تس کُن وُچھان تمہٕ تھوو پنُن بتھ پمپوشہٕ ؤتھرن ژھایہ۔ واے۔ سو ءکرٕشا مارٕ منز اَس۔ تہٕ ییلہِ مےٚ تس کُن مُدے نٔند تمہٕ کوٚ ڈیپنہٕ وَچھہِ تلہٕ اَکھ ڈبہٕ تہٕ ہووُن سہٕ مےٚ کُن۔ پتہٕ گوس بہٕ بیہوش۔ واے! ہرگاہ ژٕ مےٚ تس ءستی کھاندر ہیکہٕ کرِتھ بہٕ گژھہٕ ژٕ ءستی کُن تہٕ۔''

وزیرزادن ووٚنُس ''میانہٕ بایہ۔ ژٕ چھُکھ بےشک پرٕی وُچھمژ۔ یہ چھےٚ پرٕیَن ہنٛز پرٕی۔ یہ گژھہٕ ضروٗ راج شہرٕچ گُل عذار آسٕنۍ۔ مےٚ چھُ یہ تمو اِشارو تلہٕ فِکرِ تران یِمہٕ ژٕ تمہٕ ہاوٕ ءتی چھی۔ کٔر ہنٛدِ پمپوشہٕ ؤتھرو ءستی بتھ ژٕ ؤرِتھاونہٕ کٔر نٔنیاوےٚ تسُند ناو تہٕ ژٕ ہسی دنٛدِ ڈبہٕ ہاونہٕ کٔر نٔنیاوےٚ زِ سو کتہٕ چھےٚ روزان۔ ژٕ کر صبر تہٕ میانہٕ ءتھ کتھہٕ پٹھ کر پڑھ زِ بہٕ کرَے ژٕ تس ءستی کھاندر۔''

ییلہِ شہزادن یِمہٕ حوصلہٕ ہُرراوَن واجنہٕ کتھہٕ بوزٕ تمس میوٚل سکوٗن، تھوٗد ووٚتھ تہٕ کھیوٚن تہٕ پتہٕ دڑاوخوٚشی سان پننہٕ نس یارس ءستی۔ وتہٕ سمکھی یِمَن زٕ نفر۔ یِم اَسی ژوٚر ومنزٕ یِم زن گُل کاہ زٔنی اَسی۔ اَکھ یعنی اَکھ زِٹھ بیٛنہٕ اَسکھ گرِ تہٕ سو اَس بتہٕ رنان تہٕ باقے اَسی داہ یِم سارٕی بایٔی یاتی اَسی تم اَسی جورٕ جورٕ نمبر نیرِتھ تِمَن ژوٚن الگ الگ وَتن پٹھ رِکان یِمہٕ مُلکہٕ کِبن بیوٚن بیوٚن طرفن منز آسہٕ۔ یِم اَسی تِمَن وَتہٕ گٔتن لوٗٹان یِم نہٕ یِمَن مقابلہٕ اَسی کرِتھ ہیکان۔ تہٕ تِمَن یِم ءتیتی طاقتور اَسی آسان زِ یِمَن دوٚن ہیکہٕ ہَن قابو کرِتھ تِمَن اَسی یہ ؤنتھ کرِ سال کرِتھ نوان زِ پکو تہٕ سانہٕ کرِ وآرام تہٕ اَتہٕ اَسکھ گرِ کی سارٕی باژ حملہٕ کران تہٕ سٲلم کینہہ لوٗٹہٕ نوان۔ یِم ژوٚر اَسی اَکس

تِتھِس ماںٹھَس پیٹھ روزان۔ یَتھ منز کینٛہہ مضبوٗط گنجینہٕ أسی تہٕ۔ یتھ یوٗنہٕ گنہٕ اَکھ
اوس اَتھ منز أسی یِم تِمَن لوٗکن ہٕنٛز لاشہٕ دأرِتھ دِوان یِم کُنہِ پأٹھی یہنٛد بن اَتھ
أسی لگان۔

یِم زٕ نفر آے یِمَن برٛ وٕنہہ کُن تہٕ شأیستہٕ گی سان یِمَن کُن مخاطب سپدتھ
ہَکھ درخاس زِ توٚہی روزِ واز راتَس ساننِ گرِ۔ تِمَو ووٗنہکھ ''وٕنی کیٛن گووژ یِتہٕ کینٛ
میلَن تانی چھونہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ گامہ۔''

شہزادَن پرٛژھ (وزیر زادَس) ''بابا، أسی کرواتیٚمس رِتِس انسانہٕ
دعوت قبوٗل؟''

وزیر زادَن کھأج اِنکار۔ کِنٛزِ تِتھِس وژ ہے ہش مگر شہزادِ اوس تھوٚکمت تہٕ
سوٗنٛچ زِ أمی ہنٛدِس دوستَس گوو اَمہِ وِزِ اُکنے تہٕ ووٗنُن یِمَن نفرن کُن ''سبحان اللہ
گیہِ تُہنٛز مہربأنی زِ توہہِ پرٛژھوأسہِ۔''

اَمہِ کِنٛزِ وژاے تِم ژٕ شوَے ڈاکو ماںٹھَس کُن۔

أکِس کمرس منٛز بہتھ یَتھ نیٚبری کِنٛزِ دژ وازس ہانکل کٔرِتھ أس لٔگی یِم زٕ مسافر
پَننہٕ نِس تقدیرس پیٹھ ماتم کرنہِ۔

وزیر زادَن ووٗنُس ''ووش تژ اونہٕ منٛز نیرِنہٕ کِہنٛزِ۔ بٕہ کھسے دارِ پیٹھ تہٕ ڈیٚھ!
اَسہِ چھا ژلنَس کانٛہہ وَتھ۔'' ''آ۔ آ'' یییٚلہِ سُہ دارِ ووٗبس نِش ووٗت تہٕ تِم ووٗن
پھسراے کران۔ ''یوٗنہٕ گنہِ چھُ اَکھ چاہ۔ یَتھ أنٛدی أنٛدی تھوٚد دیوار چھُ۔ بٕہ ژاَے
یوٚن ووتھ تہٕ وُچھِ زِ کانٛہہ وتھ مانٛزِ۔ ژٕ روزیٚتی تہٕ پرٛاریوٚت تانی بٕہ واپس یِیَے۔''

أتھی منز ییلہِ سہ واپس آو تہٕ وۄنُن شہزادس زِ مےٚ ڈیٖچھا اکھ سبٹھے بدصوٗرت زنانہٕ یوسہ میانہِ اندازٕ کنۍ ژۄرن ہتھن نوکرأنۍ گوٚھہِ آسنۍ۔ تمۍ سُند منصوٗبہ اوس زِ یہٕ وَنہٕ أمِس بدشکل زنانہِ سأئلم کیٖنہہ تہٕ پَتہٕ أنِن سو۔ تتھ وعدس پَتھ اَسہِ بیٚیِتہٕ موکلاونہٕ خأطرٕ زِ أمۍ سُند کھاندر سپدِ شہزادس سٟتۍ۔ یہٕ أنِن سو پانس سٟتۍ یور کمرس منز۔ سو منگہِ اَسہِ بیٚیِتہٕ آزاد کرنہٕ خأطرٕ یقیناً اَمہِ کتھہِ ہُنٛد وعدٕ۔ ژےٚ چھی گوڈٕ اتھ کتھہِ متعلق ڈٲنٛوٗلے ہیوٗ لاگُن تہٕ أخرس اتھ پیٹھ آمادٕ سپدُن۔ شہزادن مأنۍ أمۍ ہنٛز یہ کتھ۔ ییلہِ وزیرزادٕ أمِس زنانہِ نِشہِ گو وتمہِ لوگ وَدُن۔

أمۍ پرٛژھنس "ژٕ کیازِ چھکھ ودان؟"

تمہِ وۄنُس درجواب "تکیازِ توہہِ چھونہٕ وۄنۍ ژٕ رس کالس زِنٛدٕ روزُن۔"

أمۍ وۄنُس "ژٕ مہ وَد۔ بلکہِ پکھ تہٕ کر شہزادس سٟتۍ کھاندر۔ پکھ وۄنۍ تہٕ ہے تِمس اَمہِ کتھہِ باپتھ آنکار۔"

یِم وژاے تہٕ کمرس منز وأتتھ موٗنگ وزیرزادن أمِس زنانہِ سٟتۍ کھاندر کرنُک شہزادس وعدٕ۔ مگر تمۍ کوٚر تۄرٕ یہ وٕنتھ انکار زِ یٔژھ ہشہِ زنانہِ سٟتۍ کھاندر کرنہٕ کھۄتہٕ چھُ مےٚ أتھی مانٛژھس منز ہوٚژُن بہتر۔ اتھ پیٹھ پیو وزیرزادٕ أمِس پادن تہٕ سبٹھاہ زارٕ پارٕ کوٚرنس یوٚت تانۍ شہزادٕ مأنۍ روٗدن۔

خوش تہٕ شادمان سپدتھ ہأونکھ اَمہِ زنانہِ اَمہِ بنٛد کمرٕ پیٹھٕ اکہِ پوٚت برٕ کنۍ نیریچ وتھ۔ وزیرزادن وۄنُس "مگر گری تہٕ سامانہٕ کتہ چھُ؟"

زنانہِ وۄنُس "توہی ہیکوٚنہٕ تمہ أتھ تکیازِ کُنہ بیٚیہِ وَتہٕ بیٚیِتہٕ نیرُن گوو سیٚوٚدُے

پٔژن پان قبرٕ منٛز دأرِتھ دِیٛن ۔"

"اچھا ٹھیک چھُ ۔ تیٚلہِ کڈو کھ تم تہٕ ییٚمی درواز ے مےٚ چھُ اَکھ جود ییٚمہِ

تم وٚتھِکھ یازأولِ ہبلگھ بنأوِتھ" ۔ تتھہٕ کنٛز أنٛز وزیرزادَن کاٛنسہِ پے تھاونہٕ ورأ

گُری تہٕ مأنتھر دِتھ تأرِن اَمہِ تنگ درواز کنٛز تتھہٕ کنٛز زنتہٕ تم گُپر چھلہٕ اُکر ۔ ییٚ

سأری نبر دڑاے تہٕ أنِن پننہِ شکلہِ منٛز ۔ سُہ کھوٚت یکدم پننہٕ نس گُرِس تہٕ بیٚیہٕ گ

ہنٛزِ لاکمہِ کُرِن تھپھ ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرُن شہزادَس تہٕ یِی کرنُک اِشارٕ تہٕ دڑاو ۔ شہزادَس

تتھے موقعہِ میوٗل تہٕ دڑاو بیٚیس گُرِس تتھے پأٹھی تھپھ کُرِتھ أمِس پتے ۔

زنانہِ دِژ زورٕ کرِکھ "رُکو ۔ ہے رُکو ۔ مےٚ مہ تڑأوِو ییٚتی ۔ میأنین بانٛ

لگہِ میأنہِ حرکژ ہُنٛد پتاہ تہٕ تم ژھٕنَن مےٚ مأرِتھ ۔"

وزیرزادَن دِژٕس کرِکھ "پکھ اَن تیٚلہِ دَو ۔ أسر ماچھِ زیادٕ تیز دوران ۔"

زنانہِ یوٗت ہیوٚک تیوٗت تیز دورِ ییٚہِ تہٕ أس ووٗنی ییٚمن سوارَن نِشہِ کے

پتہٕ ۔ ییٚلہِ وزیرزادَس یہِ فِکرِ توٗر زِ تم چھِ ووٗنی خطرٕ نبر تہٕ سُہ ووٗتھ گُرِ پیٹھ بۄن تہٕ

شأنٛش کھرٕ منٛزٕ زنانہِ دِژن تھپھ ۔ سوگنٛڈن أکس گُلِس تہٕ وألِنس چھانٹہٕ ۔ دوٚنس

"بدصوٗرت زٔنی ووٗنی ہرگاہ ژے بأے لبنے ژٕوٗنی زبکھ زِ تم أسی دیوٗ تہٕ توٚ ے ژٕلی ۔"

تم روٗدی گُرِبن پیٹھ بڑ وٗنہہ بڑ وٗنہہ دَوان یوٗت تانٛی تم أکس گامَس منٛز

وأتی ییٚتہِ تمو راتھ گُذأر ۔ دوٗیمہِ دوہہٕ صُبحأے دڑاے تم اَتہِ تہٕ روٗدی پڑتھ شخص

شہرِ اجنک پے پتاہ پڑژھان یُس تمن سمکھیاو ۔ آخرس وأتی تم اَتھ مشہوٗر شہرَس تہٕ

تڑ ووٗ کھ أکس لوکچہ پہرٕ منٛز ڈیرٕ یوٗسہِ أکس بُجہِ زنانہِ ہنٛز أس تہٕ یَس نِشہِ تمن ظہ

باسیاونہٕ تہٕ اوٚ۔کنہٕ تَس ستی روٗ زِتھ یم اَمن تہٕ آرامہٕ سان روزِتھ ہیکہٕ ہَن۔گوڈٕ گوڈٕ کوٚرنہٕ اُمس بچہِ یَمن ہُنٛد اُمی سٕندِس گرٕس منٛز روزُن خوش۔مگر تتھ پیالس منٛز سوموہر ڈیٛشتھ یوسہٕ شہزادَن اَتھ منٛز ترٛاوٕ تہٕ یَتھ منٛز تمہِ اُمس ترٛلیش اُس دِژمٕژ تہٕ وزیرزادٕ سٕندِ طرفہٕ تہٕ دوٗیمہِ موہرِ ہُنٛد تتھے تحفہٕ وُچھتھ بدلوو تمہٕ ژٕلی پَنُن خیال۔تمہِ موٗن تَمن لتہِ کینژٕ ن دوہَن روزُن۔

تتھے تمہِ پَنٕنی کام موکلاوتہٕ سوآیہِ تہٕ بیٛٹھ یَمن نِشہِ۔وزیرزادَن وِیٛت یہ باس زِ زنتہٕ تَس اَمہِ جایہِ تہٕ اَتہِ کمِن بسکیٖن ہُنٛد بلکل تہِ کہنی پتاہ اوسہٕ۔تمٕی پرٛژھ بچہِ ''یَتھ شہرس چھا کانٛہہ ناو؟''

''ژٕ ماچھکھ چور۔گوٚژھس ناناواسُن۔ییٚتہِ لوکھن گامن تہٕ ناو چھ آسان شہر ژھنہٕ گژھے۔یَتھ شہرس گوٚژھ ناناواسُن۔''

''تیلہِ کیاہ چھ یَتھ شہرَس ناو؟''

''شہرِ اَج۔ژٕ نے چھی نایہِ ناو بوٗزمُت؟ مے چھ باسان زِیہ ناو چھ پورٕ دُنیاہَس پتاہ''۔یام اَمہِ شہرِ اَج وَون شہزادَن ترٛووٕ بُٹھ ووش۔وزیرزادَن کٔر تمس ترٛژھ نظر زنتہٕ وونُس ''دَم کرنتہٕ گژھہِ ہرٕس فاش۔''

وزیرزادَن ووٚنُس برٛونٛہہ کُن ''یَتھ مُلکس چھا کانٛہہ بادشاہ؟''

''بلکل چھ۔بیٚیہِ چھنے ملکہ تہٕ تہٕ اَکھ شہزادی تہٕ۔''

''تَمن کیاہ چھِ ناو؟''

''شہزادِ چھ ناو گل عذار تہٕ رانہِ چھ ناو''۔۔۔

وزیرزادَن ژٹ شہزادَس کُن پھیرِتھ بچہ ہنز کتھ یُس پاگلہٕ ہندی پاٹھی
مُدَے گنڈِتھ اوس وُچھان۔

پَتہٕ وۄن تمہٕ تِمس "آ۔ أسی چھِ صحیح مُلکس منز۔ أسی وُچھون سوکھو بصورت
شہزأدی۔"

اکِہ دوہہٕ صُبحأے وُچھ یِمَو مُسافرو یِہ بُڈ پانس پأراو کران۔ سو اُس پَتِن
مَس شیران تہٕ قصابہٕ تہٕ پۄژتہٕ ٹھیک پأٹھی تھاوان۔

وزیرزادَن وۄنُس "کِمس چھُ یِن"

بچہِ وۄنُس "کأنسی نہٕ۔"

"تیٚلہِ کوٚت چھی ژٔےٚ گژھن؟"

"بہٕ گژھہٕ کوٗرِ نشہِ۔ سو چھےٚ گُل عذار شہزادِ ہنز نوکرأنی۔ بہٕ چھس پژ بتھ دوہہ
شہزادِ تہٕ تَس نِش گژھان۔ بہٕ آسہٕ ہاراتھ تہٕ گُمژ ہرگانہٕ توٚہی یِیٚتہِ أسہِ ہُو تہٕ بہٕ پژ
وتَس توٚہی ستی لُجمژ آسہِ ہَو نہٕ۔"

"آہ! حبس تھاوِ زِینہٕ شہزادِ بوزِ وُن سون کینْہہ وَنِکھ" وزیرزادن وۄن تَس
زِینہٕ محل خانَس منز یِمن متعلق کانْہہ کتھ وَنہٕ۔ غرض اوُسُس زِ أمِس یہِ کتھ وَنہٕ تہٕ
وَنہِ سو یہِنْدِ ینگ تہٕ تہٕ تھہٕ کُنی لگہِ شہزادِ یہنْدِ ینگ پے۔ موج وُچھتھ بأو کورِ ماجہِ کُن
سخت ژکھ تہٕ پژ ژھنَس "ژکونہٕ آیِکھ وۄن دوہَن بچہِ وۄنُس درجواب "میأنی گوہرٕ
زِ مسافر یعنے اَکھ شہزادِ تہٕ بیا کھ بییہٕ کِمس تانی بُڈِس وزیرسُند نیچو چھِ سانہِ پہر منز روٗزِتھ
تہٕ تِمنے ستی چھس لگان۔ بَس صرف چھس دۄہی دوہَس رِنس تہٕ چھلنس بییہٕ چھلنس

تہٕ پاکونس ہتہٕ لگان۔'' بڑ ؤنہہ گن وۄنٔس ''مےٚ چھنہٕ تہٕنٛد کینٛہہ تہٕ فکرِ تران اُکھ چھُ
مےٚ بلگلےٚ چور باسان۔ کٔر پرٛژھ مےٚ ییٚمہِ مُلکُک تہٕ ییٚمہِ مُلکہٕ کُس بادشاہ سُنٛد ناو۔
وۄں کتہٕ پیٹھہٕ گرٛژھن ییم آمتی آسنہٕ زِ ییمن چھنہٕ ہتہٕ پتاہ۔ وۄں گوو تم چھِ بڈٕ رتی تہٕ
امیر۔ تم دوشوے چھِ مےٚ صُحبس تہٕ تہٕ شامَس تہٕ اُکھ اُکھ موہر دِوان۔''
اَمہِ پتہٕ گیہِ یہِ بڈ شہزادِ نش تہٕ الہٕ پلہٕ ؤنن ییے لفظ شہزادِ۔ یہِ بۄزِتھ لوٗیس
تمہِ وارٕیہہ تہٕ وۄنُس زِ ہرگاہ ییٚہہ دُبارٕ کانٛسہِ وہ پرمرد ہتہٕ گتھ مےٚ نش ؤنتھ بہٕ دِمے
خطرناک سزا۔
شامَس ییٚلہِ یہِ بڈ گرٕ وأژ تمہِ وۄن وزیر زادَس زِ خبر مےٚ کیاہ رووزِ مےٚ
پھٔر ژےٚ ہتہٕ کوٚر رمُت وعدٕ تہٕ شہزادِ کتھٕ کٔرلوے تَس تہٕنٛدِ پینگ تہٕ توہہٕ متعلق
سارے کتھہٕ وَنہٕ نَس پیٹھ۔
''افسوٗس! افسوٗس'' شہزادَن یُس سبٹھاہ دلچسپی سان یہِ لفظ لفظٕ بوزان اوس
وۄن ''تیٚلہِ کوتاہ شرارت کھَسہِ تَس کانٛسہِ مَردَس وُچھتھ۔''
''شرارت!'' حأرتھا ہیوٚ بأوِتھ وۄنُس وزیر زادَن ''سو گژھہِ أکس نفرس
وُچھتھ سبٹھاہ خوش۔ تہٕ چھُ مےٚ پتاہ۔ تمہِ یہِ أمس بجہٕ ہتہٕ کوٚر تمہِ تلہٕ چھُ مےٚ باسان
زِ سو چھےٚ یژھان زِ یہنہٕ وألِس گٹہٕ پچھس دوران گرٛھکھ تَس ژٕ سمکھنہٕ۔''
''شکر خدایس کُن'' شہزادَن وۄن خوشی سان۔
دۄیمہِ پھرِ ییٚلہِ بڈ محل خانس مٔنز گیہِ گُل عذارِ کوٚر أکس نوکرانہِ آلو تہٕ
وۄننس فِل فور گژھ تہٕ بڈ ییٚلہِ گتھہٕ آسی کران تہٕ سو ہرگاہ پرٛژھی زِ کیاہ دلیل چھےٚ ژٕ وٕنی

زبس زِشاہی ہٕسی چھِ متیمۍ تہٕ تِم چھِ شہرَس تہٕ بازرَن منز پرٛ بتھ لنٛڈ پھیران تہٕ یہٕ پیٖگھ تتھ چھِ لرٕ پار کران۔

نوکرانہِ کوٚریلی تہٕ بچہِ آو خیال زِ ہٕسی ہرگاگے تہٕ تِمۍ سنٛز پہرِ ژھنٛن وٲلتھ شہزادَس تہٕ تِمۍ ہٕنٛدِس دوستس تہٕ ژھنٛن مأرِتھ او۔ کنٛہ کرِن شہزادِ عأجزی زِ یہٕ نیرِ۔

گُل عذار اوس اَکھ جادوٗیی جھولہِ۔ یَتھ پٹھ بہتھ سُہ توٚت واتان اوس یۄت سُہ گژھُن یژھہِ ہے۔ اَکِس نوکرانہِ یوسہٕ اَتی ووٚدنی اَس تَس کُن وۄنُن "نیر جھولہِ اَن" ــ ییلہِ یہٕ انہٕ آو تِمہِ وۄن بچہِ زِ نیر کھس اَتھ تہٕ وُنس مےٚ واتناوگر۔

بچہِ کوٚریلی تہٕ وأژ فورَن ہوہَس منز ڈوکران ٹھیک پأٹھی پننہٕ پہرِ منز یتہٕ تِمہِ پننٕی پرٛژھی وار پأٹھی ڈوچھ۔ تِمہِ دِژ کریکھ "اوٗ ہ! مےٚ دوٚپ توٚہی دوشوٚے مأرِ سوٗدٕنس تانی مارٕتی۔ شأہی ہٕسی چھِ ہبلہٕ گمتی تہٕ چھِ یأ گی پأٹھی پھیران۔ ییلہِ مےٚ یہٕ بوٗزُن لَج تہٕ ہنٛز سخت فِکر۔ اوے دِیٔت مےٚ شہزادِ یہٕ جادوٗیی جھوٗلہِ۔ یتھ بہٕ واپس ولتہٕ۔ خأر ۆتھو اَمہِ برٛونٛہہ زِ ہٕسی واتَن یورتہٕ۔ یَتھ جایہِ مُتھ ژھُن اَسی نیر ویٚتہٕ نبر۔

وزیر زادَن ووٚنُس "مہٕ کر اَتھ پرٛژھ۔ یہٕ چھےٚ بلہٕ افواہ۔ تِمو چھی ژٕ نےٚ مخولہ کوٚرمُت۔" تِمۍ ووٚن شہزادَس کُن لوٚت پأٹھی "ژٕ نےٚ گژھی جلدِ ے دِلُک مراد پوٗر۔ یِمہٕ چھےٚ اَمچہِ نشأنہِ۔" گَژھہٕ پَتھہٕ چِہ زٕ راأژ نیر تھ پٹھی شہزادِ تہٕ وزیر زادِ جھولس پٹھ تہٕ بأوِ کھ یژھ زِ اَسی گوٚڈ محل خانہٕ کِس صحنس منز واتی۔ اَکی ہے ژِہس منز اَسی تِم ژٕ نہٕ تَتہِ اوس محل خانہٕ چہٕ اَکِس برٛنی نِش تِی تَتھے پأٹھی شہزادِ ہٕنٛدِس انتظارس یتھہِ پأٹھی شہزادِ تِمس ڈوچھنہٕ خأطرٕ بےتاب اوس۔

واہ۔ یہِ کیُتھ مزٕ دار مُلاقات اوس!

گُل عذارِ وۄن ''چھیکرس تہٕ وُچھ مےٚ پنُن محبوٗب، پنُن اوش۔''

شہزادن وۄنُس ''خدایس کُن لۭچھ لۭچھ شُکر ییمی بہٕ ژےٚ نِش واتنووُنس۔''

امہِ پتہٕ آے بڑٕ ۄنہہ کُن مُلاقات طے کرنہٕ تہٕ پتہٕ گۄ شہزادن تہٕ گُل عذارِ اکھ اَکس مونہِ تہٕ میٹھۍ کرتہٕ دراے۔ اکھ دژا وہرِ کُن تہٕ بیاکھ محلس کُن۔ دۄشوَے اُسۍ از گوڈنکہِ پھیرِ پیٚتۍ خوش۔

اَمہِ پتہٕ اوس شہزادٕ پژ بتھ دوہہٕ گُل عذارِ سمکھنہٕ گوھان تہٕ راتھ کیُتھ پہرِ مزٕ واپس یِوان۔ اکہِ دوہہٕ کوٚر تَس گُل عذارِ زار پار زِ ژٕ آسہٕ تہٕ مےٚ ستۍ ہر ہمیشہ روزان تِکیا زِ تَس اوسنہٕ اُمۍ سُند راتھ کیُتھ نیرُن پسند۔ تَس اوس برابر یہِ خوف روزان زِ اُمس گۄژھنہٕ کینہہ کیُتھ سپدُن۔ ڈاکو گژھس نہٕ مارِتھ ژٕھنۍ۔ یا بیمار گۄژھنہٕ گوٚھن تہٕ لس راوِ سہٕ۔ سو ہیکہِ نہٕ تَس وُچھنہٕ ورٲے زِندٕ روٗزِتھ۔ شہزادن سمجھاوُ سو زِ کھوژنک چھنہٕ کہنۍ تہٕ وجہ تہٕ تَس چھُ راتَس پتہٕ نَس دوستس نِشہِ ضروٗر واتُن تِکیا زِ تمۍ چھُ میانہِ خاطرٕ پنُن وطن تہٕ پنُن گرٕ تژ اٚوِتھ پتہٕ نَس زوٗس گیٚنڈمُت۔ تہٕ بیٚیہِ ہرگانہِ یہِ دوس مےٚ مددگر ہےٚ بہٕ ہیکہِ ہانہٕ زانہہ تہٕ ژےٚ سمکھِتھ۔

وقتی طور مون یہِ گُل عذارِ مگر دِلس منز کوٚر ن یہِ شبہٕ اِرادٕ زِ مےٚ پزِٕ ت جلد پلہِ تیوٗت تُلناوٕ بہٕ اُمس وزیرزادس نِشہِ تیھ۔ اَمہِ کتھہِ باتھہِ پتہٕ کینہہ دۄہ دِتۍ اَمہِ پنہٕ اَکس نوکرانہِ پولاو بناونک حکم۔ تہٕ ستۍ دِیتنس یہِ خاص ہدایت زِ تیار کرنہٕ وِزِ رلاوِی زِ بس فلانۍ قسمک زہر۔ تہٕ یانۍ یہِ تیار سپدِ تہٕ گرلیہِ پتھ تھاوِ زِ ٹھانٹھ ییتھ نہٕ

یَہس ءِتیٚ زہرُک اَثرٕ ڑِتھ گژھِہ۔ ہیٚلہِ پولاو تیار سَپُد تمہِ سۄ زِنہٕ تمی وِزِ اَکِس نوکرس
اَتھہِ وزیرزادَس یہِ پیغام ہیتھ زِ ''شہزادِ گل عذارِ چھُ یہِ پَنہٕ نِس گُذریمتِس پترٕ
ناٰوِ ژٕے سۄزمُت۔''

یہِ ڈاٰلی ڑٕتھ سۄچ وزیرزادن زِ شہزادَن آسہِ شہزادِ سیٛٹھے شُکر گزاٰری سان
میۄن وۄنمُت تہٕ تَوے رۄدس یہٕ تَس یاد۔ اَوٕ کِنی سۄزنس یورٕ تہٕ سلام تہٕ بیٚیہٕ شکریہ۔
یام کالُک وقت وۄت تِمو کُتج یہِ پولاوٕ گرایے تہٕ گووکولہِ پیٹھ کھینہٕ۔ ٹھُلنٹھُ
ٹُلنَس تہٕ تھووُن سہٕ اَکِتھ کُن گاسَس پیٹھ تہٕ پوٹھراٰوِن اَتھہٕ۔ اَتھی دوران ییٚلہِ سہٕ
اَتھہٕ اوس پوٹھران تہٕ یُس سبز گاسہِ گرایہِ ہنٛدِس ٹھانڈَس تل اوس سہٕ اوس زرد ۄمُت۔
سہٕ سپُد حاٰران تہٕ گوس شک زِ پولاوَس چھُ زہر۔ تِمو تُج اَمہِ منٛزٕ رژھا تہٕ چھوکُن سہٕ تِمن
کاوَن یِم اَتہِ اورٕ یورٕ اَسی کران۔ یِمو کاوَ وتِھے یہِ کھو تِم پے پتھر تہٕ مۄدی اَتی۔''
وزیرزادَن کوٚر خدایس کُن شکر زِ ''خدایہِ تہٕ چھا زِ بہٕ بچو تھَس ژٕے اَز
مرنہٕ نِشہِ۔''

اَمہِ دوہہِ راتھ کیٚتھ ییٚلہِ شہزادِ واپس ووت وزیرزادٕ اوس مغموم تہٕ ڈیٚتھ
گۄمُت۔ شہزادَن کُرتِمس منٛز یہِ تبدیلی محسوس تہٕ پرٕژھنَس اَمیُک وجہ ''یہِ ماچھٕ اَو کَرٕ
بہٕ چھُس ژٕے نِشہِ دۄرزیادٕ کالس محل خانس منٛز آسان؟ وزیرزادن زون زِ شہزادَس
اوسنہٕ پولاو سوزنَس منٛزٕ کینٛہہ تہٕ دخل تہٕ اَمہِ کِنی وۄننس سورُے کینٛہہ۔ دۄپنَس ''ژٕ چھ
ییاٰرِ۔ یَتھ رُمالہِ منٛز چھےٚ تمہِ پولاوٕ منٛزٕ اَڈھنا یُس شہزادِ مے اَز ڈجس یہِ ڈیٚتھ سۄزنہٕ
اوس تِمو ہنٛدِس گُذریمتِس پترٕ ہنٛدِ ناٰوِ۔ یَتھ چھےٚ زہر بلا یار لاٰگِتھ۔ شُکر خدایس کُن

مےٚ نٮ۪ٲو یِہ وقتہٕ پٮ۪ٹھ۔"

"بابہٕ! یہِ ٲسہِ کوٚرمُت۔ تہِ کُس چھُ یٮ۪مِس چون عداوت چھُ۔"

"شہزادی گل عذار۔ بوز۔ وۄنی ییٚلہِ ژٕ تٔمِس سمکھنہِ گوٚڈکھ ژٕ نی زِ ضرور

پانس ستی شہی ہناتہٕ تٮ۪تھے ژٕ شہزادی وچھنہٕ ہمٕن ژٕ ترٲوی زِ امہِ منٛز رژھار ژھاپنہٕ نٮ۪ن

دوشونی اَچھن منٛز۔ امہِ ستی وُسی ژٕ رے اوٚش تہٕ گل عذار پرٛژھی ژٕ رے زِ ژٕ کیاز چھکھ

ودان۔ ژٕ دِنی زبس بہٕ چھس پنٕن دوست راونہٕ کنہِ ودان یُس اَز صُبحاے اچانک

گنٛڈ ریاو۔ آبیٚنہٕ نہٕ یہِ شراب تہٕ یہِ کرٛوُژھ۔ ییٚلہِ ژٕ پنٕنس دوستہٕ ہٮ۪نٛدس مرنس پٮ۪ٹھ

دوکھک پوٚر سانگ موکلاوکھ تہٕ پتہٕ دِنی زِ شہزادِ زِ ژٕ چھےٚ وۄنی شرلبہٕ رژھا۔ یہِ چھُ تیز

تہٕ تَس پیٚنہٕ امہِ ستی گوٚب ہٮ۪نٛدر۔ سو ییٚلہِ ہٮ۪نٛد رِ آسہِ ژٕ تژٕ راوی زِ یہِ کرٛوُژھ تہٕ امہِ ستی

ترٲوی زبس کمرس آکھ۔ پنہٕ کرٛوُژھ واپس اَنُن مُشتھ گوھی تہٕ پیٚنہٕ اَنی زبس مختہٕ مال

تہِ کنٛڈتھ۔ یہِ گرِتھ لی زِ واپس۔ نیرتہٕ یہِ کرنس کھوٚژی زبنہٕ تکیاز یہِ کرنس پٮ۪ٹھے چھُ چانہٕ

خوشی تہٕ قسمتک دارمدار۔ بہٕ گرِ امہِ کنہِ ییٚمہِ گتھہِ ہٮ۪نٛد انتظام زِ شہزادِ ہُنٛد مول یعنے

بادشاہ تہٕ ساری دربٲری مانن چون کھاندر شہزادِ ستی گرُن۔"

شہزادن کوٚر رُس وعدٕ زِ سُہ گرِ تہٕ سائلم یہِ وزیر زادن اَمِس ہدایت دِیت تہٕ

تٔمی کوٚر وعدٕ برابر۔

دۄیمہِ شبہ ییٚلہِ شہزادِ گل عذارِ نشہِ گوٚڈنہٕ پتہٕ واپس ووت پتہٕ درائے سُہ تہٕ

وزیر زادِ گرِی تہٕ موہر ژھیلہٕ ہتھ مِیل کھنٛڈ دۄرٲ کُس قبرستانس کُن۔ یہِ سپُد طے زِ وزیر

زادِ بنہٕ اکھ فقیر تہٕ شہزادِ بنہِ تٔمی سُنٛد چیلہٕ تہٕ خادِم۔

بہَس ءِ ستی زہرُک اَثرٕ وُزِتھ گژھِہ۔ ہیلہِ پولاو تیار سَپُد تمہِ سۆز سُہ تمی وِزِ اَکس نوکرس اَتھہِ وزیرزادَس یہِ پیغام ہیتھ زِ ''شہزادِ گل عذارِ چھُ یہِ پَنہٕ نِس گۆڈنیمتس پترٕ بنہٕ ناۆدی ژٕے سۆزمُت۔''

یہِ ڈاکی رٕٹِتھ سۆچ وزیرزادن زِ شہزادَن آسہِ شہزادِ سبٹھے شُکر گزٲری سان میۆن وۆنمت تہٕ توَے روٗدس ءٕ تَس یاد۔ اَوٕ کِنی سۆزنس یورٕ تہٕ سلام تہٕ بیٚیہٕ شُکریہ۔ یام کالُک وقت ووت تِمۍ تُج یہِ پولاوٕ کراے تہٕ گووکولہِ پۆتھ کھیٚنہٕ۔ ٹھلٕ ٹُلنَس تہٕ تھوٗن سُہ اَکِتھ کُن گاسَس پیٹھ تہٕ پوٚھرِ اَوِن اَتھہِ۔ اَتھی دوران ییلہ سُہ اَتھہِ اوس پوٚھران تہٕ یُس سبز گاسہِ کرایہِ ہنٛدِس ٹھانڈَس تل اوس سُہ اوس زرد ژٕمت۔ سُہ سَپُد حَیران تہٕ گوس شک زِ پولاوَس چھُ زہر۔ تِمۍ تُج اَمہِ منزٕ رژ ھاتہٕ چھوکِن سُہ تِمن کاوَن یِم اَتہِ اوریٚ یورٲسی کران۔ ییٚمو کاوَو تہٕ ھے یہِ کھیو تِم پیٚے پٔتھر تہٕ موٚدی اَتی۔''

وزیرزادَن کوٚر خدایس کُن شُکر زِ ''خدایہِ تہٕ چھا زِ بہٕ بچوو تھٔس ژٕے اَز مرنہٕ نِشہِ۔''

اَمہِ دوہہِ راتھ کیٚنتھ ییلہِ شہزادِ واپس ووت وزیرزادٕ اوس مغموم تہٕ ژٕستھ گۆمُت۔ شہزادَن کرِمَس منزٕ یہِ تبدیلی محسوٗس تہٕ پرٛژھنَس اَمیک وجہ ''یہِ ماچھُ اَوٕ کِنی زِ بہٕ چھُس ژٕے نِشہِ دوٗرٕ زیادٕ کالس محل خانس منزٕ آسان؟ وزیرزادَن زون زِ شہزادَس اوسنہٕ پولاوسوزنَس منزٕ کہنی تہٕ دخل تہٕ اَمہِ کِنی وۆننس سوٗرُے کینٛہہ۔ دۆپنس ''ژٕ چھِ بیپاَرکی۔ یتھ رُمالہِ منزٕ چھے تمہِ پولاوٕ منزٕ اَڈ ھنایس شہزادِ مے اَز صُبحس یہِ وَنتھ سۆزِ یہٕ اوس تِمۍ سَنٛدِس گۆڈنیمتس پترٕ سَنٛدِ ناۆدی۔ یتھ چھے زہر بلا یار لٲوِتھ۔ شُکر خدایس کُن

مےٚ نٮ۪یاو یہِ وقتس پٮ۪ٹھ۔"

"بابہٕ! یہِ کٕمۍ آسہِ کوٚر رمت۔ تَتہٕ کُس چھُ یٚمِس چون عداوت چھُ۔"

"شہزادی گل عذار۔ بوز۔ وۄنۍ ییٚلہِ ژٕ تٕمس سمکھنہِ گوٚھکھ ژٕ نی زِ ضرور پانس سٕتۍ شٕہی ہناتہٕ تتھے ژٕ شہزأدی وُچھنہٕ ہیٚن ژٕ تژأ دی زِ اَمہِ منٛز رژھا رژھا پٔنہٕ ننِ دوشوٚنۍ اَچھن منٛز۔ امہِ سٕتۍ ڈٔسی ژٕے اوٗش تہٕ گل عذار پرٛژھی ژٕے زِ ژٕ کیاز چھکھ ودان۔ ژٕ وۄنۍ زبس ئبہ چھس پٔنٕن دوست راونہٕ کٕنہ ودان یُس اَز صُحأے اچانک گٔذ ریاو۔ آبیٚنہٕ ئہِ یہِ شراب تہٕ یہِ کرٛۄ ژھ۔ ییٚلہِ ژٕ پٔنہٕ نِس دوستہٕ ہٕنٛدِس مرنس پٮ۪ٹھ دوکھک پۆرٕ سانگ موکلاوکھ تہٕ پتہٕ ڈٕنۍ زِ شہزادِ زِ ژٕ چھےٚ وۄنۍ شرلبہٕ رژھا۔ یہِ چھُ تیز تہٕ تٔس پیٚیہِ اَمہِ سٕتۍ گوٚب ہٕنٛدر۔ سو ییٚلہِ ہٕنٛدرِ آسہِ ژٕ تژٕ رأدی زِ یہِ کرٛۄ ژھ تہٕ اَمہِ سٕتۍ تژٕ أدی زبس کمرس آکھ۔ یٕنہٕ کرٛۄ ژھ واپس اَتُن مٔشتھ گوٚھی تہٕ بیٚیہِ أنۍ زبس مختہٕ مال تہٕ کٔڈتھ۔ یہِ گرِتھ لی زِ واپس۔ نیرتہٕ یہِ کرِنس کھۄ ژٕ زبنہٕ تٕکیاز یہِ کرنس پٮ۪ٹھے چھُ چانہٕ خوشی تہٕ قسمتک دارمدار۔ ئبہ گرٕ اَمہِ کٕنہ ییٚمہِ گتھہِ ہُنٛد انتظام زِ شہزادِ ہُنٛد مول یعنے بادشاہ تہٕ سأری دربأری مانن چون کھاندر شہزادِ سٕتۍ کرُن۔"

شہزادن کوٚرُس وعدِ زِ سہ گرِ تہٕ سألم یہِ وزیرزادن اُمس ہدایت دِیٕت تہٕ تٕمۍ کوٚ روعدِ برابر۔

دوٚیمہِ شبہ ییٚلہِ شہزادِ گل عذار نِشہِ گوٚھنہٕ پتہٕ واپس ووت پتہٕ درامے سہ تہٕ وزیرزادِ گری تہٕ موہر ژھیلہٕ ہیتھ میل کھنٛڈ دوٗر أکِس قبرستانس کُن۔ یہِ سپٕد طے زِ وزیر زادِ بنہٕ اَکھ فقیر تہٕ شہزادِ بنہٕ تٕمۍ سُنٛد چیلہٕ تہٕ خأدِم۔

صُبحِس کیُتھ بیٚلہِ گُل عذار پنٕنہِ نٔبن جبن منٛز آیہِ تَس باسے یہِ گمرُس سخت دَگ تہٕ بییہِ وُچھُن زِ تسنٛز مختہٕ مال تہٕ اُس نہٕ کُنے۔ سو گیہِ فورَن تہٕ بادشاہَس وَوُن پنٕنی یہِ مختہٕ مال راوُنس متعلق مگر کمرِچہِ دَگہِ متعلق ووُنُن نہٕ تَس کِہنی۔

بادشاہَن بیٚلہِ ژھٔ رِہنٛد بۆز تہٕ سُہ سپُد نارونار۔ تٔمی کرنٲوٲتھ متعلق سٲرِکے شہرَس تہٕ اَندرِ پکھ علاقن پارَے۔

وزیرزادَن بیٚلہِ یہِ پارَے بۆز تٔمی ووُن "یہِ گو وجان۔ میٲنہِ بابہِ کھوژمہٕ۔ ژٕ ووتھ تہٕ نیرِ یہِ موختہٕ مال ہیتھ تہٕ بازرَس منٛز یہِ کٔنٛنچ کَر کوشش۔"

شہزادَن نیہِ یہِ اَکِس سونرِس تہٕ ووٚننس یہِ ہیہنہٕ خٲطرٕ۔

تٔمی پرٛژھُس "ژٕ ے کوتاہ گژھی اَتھ؟"

شہزادَن ووُنُس "پنٛژاہ ساس روپیہ۔"

اَمی ووُنُس "چلو ٹھیک چھُ۔ ژٕ پیارییٚتی یوٚت تانی یہِ پٔنسہٕ اَنے۔"

شہزادٕ رۆد دوار یہَس کالس پٔراران یوٚت تانی تہٕ چھیکرس یہِ نفر واپس آو۔ اَمِس ستی اوس کوتوال تہٕ تیٚمی شہزادِ ہنٛز مختہٕ مال ژھٔ رِنہٕ کِس الزامَس منٛز شہزادٕ فوراً گرفتار کوٚر۔ کوتوالَن پرٛژھُس "ژٕ ے کتھٕ کنٕ میجی یہِ مختہٕ مال۔"

شہزادَن دِیُس جواب "مےٚ دِژٕ یہِ اَکہِ فقیرَن یُسنٛد بہٕ خادم چھُس۔ تٔمی دِژٕ م یہِ بازرٕ کنٕنہٕ خٲطرٕ۔ اگر مےٚ اِجازت دِیوتہٕ بہٕ ہاوٕنو توہہِ سُہ کتہٕ چھُ۔"

شہزادَن واتناوی کوتوال تہٕ پُلسہٕ وٲلی تتھ جایہِ ییٚتہٕ سُہ وزیر زادَس نشہٕ دژامُت اوس تہٕ اَتہٕ وُچھ یمو یہِ فقیر اَچھ وٕٹتھ عبادتس منٛز محو۔ تٔمی بیٚلہِ اَمہِ وِزِ ہنٛز عبادت

کرِتھ موکلاوِتہٕ کوتوالَن پرٛژھنَس یتھ گتھ وضاحت کرنہٕ خاطرٕ زِتَس ژنشہِ کتھہٕ کٔنز وأژ شہزادٕہنٛز یہِ موختہٕ مال۔ تٔمۍ وۄنُس درجواب "بادشاہ اَتھِن یۄرکہٕ تہٕ پَتہٕ وَنہٕ بہٕ تٔسۍ یہِ بُتھِس پیٹھ۔"

یہِ بوٗزِتھ گے کینٛہہ نفر بادشاہَس نِش تہٕ وۄنہَس یہِ کینٛہہ اأمۍ فقیرن وۄنمت اوس۔ بادشاہ آو تہٕ فقیر یادِ خدالیس منٛز مست آسنہٕ کِنٛز کھۄژُن اأمۍ ہنٛدِس ژکھہِ گژھنَس تہٕ سۄچُن زِ مےٚ گۄژھہ نہٕ أمس کُنہِ قسمٕچ تھوتھ گژھنہٕ کِنٛز خداصأب ناراض گژھُن تہٕ اوے کِنٛز رۄدُس گلہِ گنٛڈتھ أکِس سأیِل ہنٛدی پأٹھۍ اِستادٕ پرٛژھنَس زِ "ژےٚ کتھہٕ کٔنز میٚجی میانہِ کورِہنٛز یہِ موختہٕ مال؟"

فقیرَن وۄنُس جواب "راتھ روتلہِ أسۍ أسۍ یتھ استانَس نِش بِہتھ خدایہ سنٛز عبادت کران تہٕ أتھۍ منٛز آیہِ اَکھ زنانا شہزادٕہنٛدی ہوی پلو دلولأ گتھ تہٕ کوٗڈن قبرِ منٛزٕ اَکھ مورٕدیُس کھےٚ دوہ بۄدہہ اَتھ منٛز وۄڈراونہٕ اوس آمُت تہٕ کھیوٗن سۄ۔ یہِ وُچھِتھ کھوٗت مےٚ سخت غوصہٕ تہٕ دۄگمس یٚمہِ کرٛیژھہٕ ستۍ کمرِس تٔمہِ وِزِ نارس پیٹھ اوس۔

مےٚ ژنشہِ ژلنہٕ وِزِ گیہِ تَس موختہٕ مال یَلہٕ تہٕ پییہٕ پتھر۔ ژےٚ باسہٕ نٔے یٚمہِ گتھہٕ عجیب مگر یٚمہٕ چھُنہٕ ثابت کرنہِ مُشکل۔ ژۄ وُچھ پننہِ کورِ تہٕ تَس آسہٕ نٔے کمرِس پیٹھ دٲزَن داغ۔ نیر گژھہ اگر یہِ تی اوس یہِ بہٕ وَنان چھُسے تیلہِ سوزُن شہزأدی مےٚ نِش تہٕ بہٕ دِمہٕ تَس سزا۔"

بادشاہ گوو واپس محل خانہٕ تہٕ فورَن دِتُن حُکم زِ شہزادِ وُچھو کمرَس۔"

دایہِ ووٗنُس ''آ۔ بلکُل چھُ تی۔ أمِس چھِ دَزَن آکھ۔''

بادشاہَن دِژ کربکھ ''تیٚلہِ ژھنیٚون یہِ فورأمأرِتھ۔''

ادرِ ووٗنہس ''نہ نہ، بادشاہ سلامت۔ أسی سوزون یہِ تمہِ کُہ سےٚ فقیٖرس نِشہِ تہٕ یہِ ہُر وتہٕ تسی یہِ خوش گرِتی گرِن سہ۔''

بادشہَن مأنِ یہِ کتھ تہٕ شہزأدی آیہِ قبرستان سوزنہٕ۔

فقیٖرَن ووٗنکھ ''یہِ تھاویٚون تتھی قبرِ نِشہِ پنجرس منٛز بند گرِتھ ییٚمہِ منٛز أمہِ لأش کڈٕ۔''

یِی آو کرنہٕ تہٕ کیٚہہ کألہ روٗدی ووٗنی قبرستانس منٛز صرف فقیٖر، تمہِ سُند چیلہ تہٕ شہزأدی یأژ۔ وُنہ أس رأژ پنٛنی کرٕہنی ژادر پوٗرِ پأٹھی وہراونے ییٚلہِ زَن فقیٖر تہٕ تمہِ سٕندی چیلَن پنٛن یہِ نقلی لباس کڈِتھ ژھُن تہٕ پنٛن سامانہٕ تہٕ گرِی ہیتھ آے پنجرس نِش۔ تمو کڈٕ شہزأدی پنجرِ منٛزٕ تہٕ تمہِ کُہ سٕندِ بن کمرکینن چھوگن کیٚاہتام مہلامہِ متھتھ ہیٚنأوکھ۔ شہزادس پتَہ کنہِ أکِس گُرِس پیٹھ۔ تم ژٕلی اَتہِ واوٕکی پأٹھی گربن پیٹھ سبٕتھاہ دوٗرتہٕ صُبحس یأگہِ دِیُت تمو تھکھ تہٕ لأجِکھ محفوٗظ جایہِ وأتِتھ پنٛنہِ نِس منصوٗبس پیٹھ گتھ گرِنی۔ وزیر زادَن ہأو شہزادِ تمہِ پولاوِ منٛزٕ رٕژھ ہنا یُس تمہِ تَس سوٗزمُت اوس تہٕ پرٛژھنس زِ تَس اوسا امہِ ناشکرأنی ہُند کینٛہہ پشتاو۔ شہزادِ ووٗ دتہٕ کوٗرُن یہِ اعتراف زِ سہ اوس تُسند سبٕتھاہ خأرخواہ تہٕ دوست۔

اَمہِ پتہٕ لیٚچھ یمو وزیرِ اعظمس اَکھ چِٹھی یتھ منٛز تہٕ سورُے لیکھنہٕ آو یہِ زَن یمَن دلیرن وطنہِ منٛز نیرنہٕ پتہٕ بُتھراوس آمُت۔ بیاکھ وزیرَن چِٹھی گرِ سہ گودتہٕ ووٗنن

یہِ بادشاہَس۔ بادشاہَن دِیُت حُکم زِ یِمَن مُلک بَدر کرنہٕ آمتِمن دوٚن (شخصَن) گرٕھہِ اَکھ خط سوزنہٕ یِن یَتھ منٛز یِمَن تِمہِ کہِ یہِ حُکم دِیُت زِ تِم مہ یِہِن واپَس بلکہ سوٚزِن گُل عذار سِنٛدِس مأٔلِس چِٹھی یَتھ منٛز تَس سأٔلِم کینٛہہ وَننہٕ پییہِ۔ تِموکۆرِ لی وزیرَن وٕڑنس تہٕ شہزادَن لیچھ چِٹھی۔

یہِ چِٹھی پٔرِتھ کھوٚت گُل عذارنِس مأٔلِس پَنٕنیَن وزیرَن تہٕ باقٕے کارندَن ہُنٛد سخت شرارت زِ تِمَن کیاز ژٕلۍ نہٕ پَنٕنِس مُلکس منٛز یِمَن ناماوار پٔرھِمِن ہِنٛدِ تیٚچ پٔے تہٕ سہ اوس پانہٕ تہِ خاص پأٹھی شہزادِ تہٕ وزیرزادَس خأطِر نہ واتنہٕ کِنۍ تیتھے ہیوٚ محسوٗس کران۔ تِمہِ دِیُت اَکِس خاص تارٕکَس پیٚٹھ پٔنٕنۍ کینٛہہ وزیر قتل کرنہٕ ہِنٛک حُکم۔

تِمہِ لیوٚکھ واپس وزیرزادَس دُرلو تہٕ محل خانس منٛز رُوٗزِتھ تہٕ ہرگا شہزادِ یِژھان چھُہ بہٕ گرٕتیلہِ تِمہِ سِنٛدِ گُل عذارٕسِتۍ کھاندرُک جلد کھوتہٕ جلد انتظام۔

شہزادَن تہٕ وزیرزادَن گَر خوٗشی سان یہِ دعوت قبوٗل تہٕ یِمَن آو بادشاہ سِنٛدِ طرفہٕ شایانِ شان استقبال کرنہٕ۔ کٔمے کأٔلۍ سَپُد کھاندر تہٕ اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ ہفتہٕ گرٕھتھ دِتۍ تِمہِ یِمَن گُری، ۂسی، لال جواہر، تہٕ موٗلۍ پلو پوشاک تحفہٕ رٔنگی تہٕ کوٚرنکھ پَنٕنِس مُلکس گرٕھنُک رخصت تِکیازِ تَس اوس یژھتھ زِ بادشاہ گرِ ووٚنۍ یِمَن استقبال۔ اَمہِ دوہہٕ کالہِ یِیلہِ یِمَن نیرٕ ن اوس آے تِم وزیر تہٕ باقٕے نفر یِمَن بادشاہَن یِم پٔٹھی نیرنہٕ پَتے قتل کرنہٕ ہِنٛک قصد اوس کوٚرمُت تہٕ کوٚرُکھ وزیرزادَس زار پار زِ سہ گرِ تِہنٛز وکالت۔ تہٕ یہِ کوٚر ہَس وعدِ زِ تِموٚ منٛز پرٕ یتھ اَکھ دِیہِ تِمس پٔنٕنۍ اَکھ اَکھ کوٗر نیتری۔ کُرِ کوٚر یہِ تہٕ گوو تِمَن معأفی دِیا وٚنَس منٛز کامیاب۔

پَتہٕ دڑ اوشہزادٕ پنٕنۍ خۄبصورت مہرٕ نۍ گل عذار تہٕ شہزادٕ پنٕنہِ واریٛہہ مأرکۍ نۍ آشنہِ ہیتھ یِم زن وزیرزادِ آسہٕ پنٕنۍ وطن کُن واپس۔ تِمَن سِتۍ اُسۍ واریٛہہ فوجی سپاہی تہٕ واریٛہہ خزانہٕ لٔدِتھ گُرۍ تہٕ اوٗنٹھ۔ وَتہِ منٛز دراے تِم ڈاکوہن ہنٛدِ مانٛٹہٕ کنٛز تہٕ فوجین ہنٛدِ مدتہٕ سِتۍ وول تِمَو یِہ زمینَس اتہِ روزَن وألۍ سأری کُرِکھ قتل تہٕ یُس سأرُے خزانہٕ ووٗتُھ یُس تِمَو واریٛہَن ؤری یَن اَتہِ جمع اوس کوٗرمُت۔

اُخرس وأتۍ تِم پَنٕنہِ نِس مُلکس تہٕ بادشاہَن ییٛلہِ پَنٕنہٕ نِس نیٛچوۍ ہنٛز خوبصورت آشنہٕ تہٕ شانہٕ شوکت وول تِمۍ کُر سُند اردَل وُچھ تِمۍ منسوو فوراً سورُے کینٛہہ تہٕ دِتُن تَس شہرَس منٛز اژُنک تہٕ اَتہِ روزُنک حُکم۔

اَمہِ پَتہٕ اوس شہزادٕ سنٛزَن وَتَن گاشی گاش۔ سُہ گوو سارِنٕے سبٹھاہ ٹوٹھ تہٕ کینٛزِ کألۍ روٗٹُن بادشاہَس پَتہٕ تخت۔ واریٛہَن ؤری یَن روٗد مُلکس امنہٕ تہٕ شادمأنی سان حکمرانی کران۔

(راوی: بِشو بایو۔ رٕنۍ وورسرینگر)



# اَکھ عجیب وٕنتی

بادشاہا اَکھ اوس جنگلس منز شکارس درٛامُت تہٕ تَس پیو بُتھِ اَکھ فقیر۔

بادشاہَن کٔرِس سلامتہٕ وٕنُنس میٛون ماچھی کینٛہہ ضرورت۔

''نہ۔ نہ۔ شُکریہ۔'' ژےٚ ما چھی میٛون کینٛہہ ضرورت۔'' فقیرٕ وٕتھس

درجواب۔

بادشاہَن وٕنُس ''آ۔ مےٚ گٔژھہ پانسےٚ ہش آشنٛ میانے انہارٕ تہٕ میانے

قدٕ۔''

فقیرَن وٕنُس ''افسوس۔ ژےٚ مونگتھ اَکھ ووکھٕ چیز ایُس مُشکل چھُ تہٕ

گٔرِتھ گٔرٕ بہٕ کینٛہہ مگر اَکھ کتھ تھاٛوی زِ ژٕ بتس۔ سوآسی نہٕ وفادار۔

''کینٛہہ چھنہٕ پرواے، صرف وُچھتہٕ ژٕ ہکبٕ کھامیٛانی یہ یٔژھ پۆرٕ گٔرِتھ''

بادشاہَن وٕنُس۔

یہٕ بوٗزِتھ گو وفقیر نبسنٛگا تھوٚ دوٕ تھتھ تہٕ منٛکہٕ ٹاسہٕ سٕتی کٔرِن بادشاہ سٕنٛزِ گلہٕ ہیرٕ ژٕ

حصہٕ تہٕ پتہٕ کۆرُن تَسنٛدٕ جسم دفن۔

''میانہٕ خدایہٕ، گٔژھہ تہٕ میٛون یہٕ دُعا بوٗزِتھ۔ بادشاہ کٔرتَن دُبارٕ زِندٕ بیٚیہٕ بلکل

تسٕ ہِش تمۍ سِندے انہارِ تہٕ تھزرٕ اَکھ زنانہٕ'' فقیرَن دِیُت نالہٕ۔ دُعایہِ قبول
بادشاہ گوو دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ تَس پتے تُسٕ ہِش اَکھ زنانہٕ۔

اَمہِ پَتہٕ کِہے کالُک بنوو بادشاہَن پنٕنہِ اُمس نوِ آشنہِ کیُتھ جنگلس منٛز اَکھ
خانہٕ تہٕ اکثر اوس تَس نِش روزنہٕ خاطرٕ گژھان۔ مگر افسوس، زنانہٕ دِژ لیہ پژی کرِ
وفایہِ زَن فقیرَن ووٗنمُت اوسُس۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ بادشاہ اوٚرِ گَتہٕ تانی اوس تَمہِ
لیأرِ اَکھ وزیر پکان۔ سُہ اوس توانا جوان تہٕ مأرِ موٚنٛد تہٕ زنانہِ گَنیہ اکی نظرِ اُمی
مارے۔

تَمہِ کُرتَس پانس ستی بنٛج سخت مازرتھ تہٕ سُہ گوو۔ تہٕ تِتھٕ کٕنۍ اُسی یِم اکثر وۅنۍ
پانہٕ وأنۍ سمکھان تہٕ اَکھ اَکی سِتۍ گیکھ سخت مالے۔ اکہِ دوہہٕ ہیوٚان اَتھ کتھِ
گژھُن ییٚلہِ بادشاہ تَمہِ وِزِ اور یِوٚ دأتھ ییٚلہِ پرٕ تھ کأنٛسہِ یہِ خیال اوس زِ سُہ
سبطاہ دیٚر گتھ تانی جایہِ۔ اَتھ بَرَس فاش گژھنہٕ نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ کوٚر یِمَو پانہٕ وأنۍ یہ
فأصلہٕ زِ تَمہِ کھنناوَن کِتال ناوِ کَس اَکِس کرالَس اَتھِ شہرِ پیٹھ اَتھ محل خانس تام
اَکھ سرونٛگ۔ یُتھ زِ وزیر پنٕنہِ مرضیہ اور یِتھ گژھتھ ہیکہِ ہے۔ یہِ کأم سپز برپأٹھی تہٕ
کینژَس کالَس روٗدسورے ٹھیکھے مگر چھیکرَس گوو تہُنٛد یہِ عأب نوٚن۔ وزیرَن کوٚر اَکھ
بوٚڈ سالانہٕ بادشاہَس کرِن دعوت۔ بادشاہَن کُر دعوت قبوٗل تہٕ گوو سالس۔ یہِ زنانہٕ
تہٕ اُس اُتی مگر اَمہِ اوس پنُن حُلیہ بدلوومُت۔ تہٕ کُرتھ تہٕ پرٕزنأویہ بادشاہَن۔

''بہٕ مأ چھُس یہِ خواب وُچھان۔ مگر نہٕ۔ یہِ چھے سوے۔'' بادشاہ گوو غوطن
بہٕ تھاوٕ اُمس پلون نِشانہٕ یُتھ مے پَتہٕ واپسی پیٹھ فکر ترٕ زِمے ستی ما اوس دوکھ

سۄد مُت۔"

اَمہِ کنٕز دیٛت تٔمۍ أمۍ ہشرِ پلولوٗنچہِ یوٚہے لیٚد رِچھہٕ ہیوٚتہٕ دژاو پانس زَن تبنہٕ کہنٕز اوس سۄد مُت۔ یام سُہ راتھ کیٚتھ واپس محل خانہٕ وۄت اَتہٕ وُچھ أمۍ پننٕز زنانہٕ أمس پژران تہٕ پلولوٗنچہِ اوس داغ لگمُت۔ "بدکار" تٔمۍ دِژ کرکھ تہٕ کٔڈن پننٕز کرتل تہٕ اَکہ دَبہٕ نیوٚنس کلہٕ ژٹِتھ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ ژھٔجاے تژ دوٚیم تخت تہٕ بنیاو اَکھ فقیر۔

(راوی: زأنہٕ کٔدل سرینگرُک پنڈت آنند کول)



# نا انصاف بادشاہ تہٕ کمین سوٗر

اکہِ دوہہٕ اوس اَکھ بادشاہ پننہِ نِس باغس منٛز اوٚرٕ یور کران تہٕ اَتھی منٛز ا
جنگلہٕ ژٔلتھ اَکھ ہانگلا اندر تہٕ ہیرٕن دَوِ دَوِ گرٕنی تہٕ پوشن لتہٕ موٚنڈٕ گرٕنی۔ یہِ وُچھِتھ
کھوٚت بادشاہَس سخت شرارت تہٕ پننہِ نٮ۪ن نوکرَن دِتُن حکم زِ توٚہی گرِ وأندی أندی گِر
تہٕ رٔٹیٚؤن یہِ۔ سُہ دوریا وپانہٕ تہٕ اَمِس کرتل ہتھ پتہٕ۔ اچانک ژوٗل ہانگل باغہٕ منٛز۔
سُہ ژوٗل سیٖٹھاہ دوٗر ییہِ زَن ہانگلہٕ یأتی چھِہ ہرکان گٔرتھ تہٕ بادشاہ اوس اَمِس پلگ
نکھہٕ گُرِس پیٹھ پتے دوران۔ بادشاہ روٗ دتَس وارٮ۪ہن میلَن پتہٕ دوران یوٚت تانٛز نہ
پننہِ نِس سرحدس تانٛز ووت مگر یہِ ہیوٚگن نہ رٔٹتھ۔ اَمہِ پتہٕ یوٚ ژھٕن نہ بینہٕ دأر
زِ ژھن تہٕ ٹھٕہر یا وأتی۔ سخت گرم آسنہٕ تہٕ ترٛیش لگنہٕ کنی ووٗتھ سُہ گرِ پیٹھہٕ تہٕ ژھنِن پلہ
کڈِتھ تہٕ ووٗتھ سرٛ ان کرنہٕ۔ سُہ اوس سرٛ ان کران زِ پتہٕ کنی نی تَس کُم تانٛز شیطان
نفرَن پلو تہٕ گر ژوٗرٕ۔ ووٗنی کیاہ ہیکہٕ ہے بادشاہ کٔرتھ۔ سُہ چھُ سوچان زِ بہٕ کیاہ کرٕ
ووٗنی۔ بہٕ کتھہٕ کنی گژھہٕ نتھہٕ نوٚنے گرٕ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ تہٕ گِرتھ مے لوٗکھ خبر کیتس کالس
اَسن کھنگالہٕ روزن کران۔ اَمہِ کنی کوٚر اَمی لی اِرادٕ زِ سُہ روزِ ہمسایہ بادشاہ سٕندی
مُلکس منٛز اوٚرٕ یور پھیران پٲ۔ اَتھی دربدری منٛز اوٚب تِمی اَکھ سیٹھاہ موٗلل موختہ ہار۔ سُہ
گوو خوش تہٕ چھُ ونان "شکر خدایس کُن، شکر بٔڑنس۔ بہٕ ہیکہٕ ہمہِ کس موٗلس پلوژ

تہٕ گُرمٕلی ہیتھ۔ ئہ گژھہٕ شہرتہٕ کوٚشش کرٕ یہٕ کٔنِنہٕ۔" لہٰذا روٗدُ سہ بڑوٗتھہ گنے پکان یوٚت تانی سہ أمِس بادشاہٕ سنٛدِس بٔڈِس شہرٕس منٛز ووٗت تہٕ فل فورلوٚبن تتہ، یوٚ ڈیوٗ سونر۔

تَس ووٗنُن "جناب توٚہی ہیٚیہٕ واموحتہٕ ہار؟ مےٚ چھُ اکھ سبٹھاہ موٗلُل موحتہٕ ہارٕیس ئہ کٔنُن چھس یژھان۔ مےٚ لوٚب یہٕ اکہٕ دوہہٕ صُبحٕچ أکِس کولہٕ تران۔"

سونرٕن ووٗنُس "تلہٕ ساہا ویوٚن۔"

تتھے تٔمی موحتہٕ ہارُ چھتہٕ ووٗنُس ہیوژوٗرا ژٕے کتھاہ کنہٕ نیوٗتھ یہ ژوٗرِ مےٚ أس تتھی ژٕ موحتہٕ ہار بادشاہٕس کتھی بناوِ یتہٕ تہٕ مےٚ لٔج نہ پتہٕ ژٕ تمو منٛز کوٚت گوو اکھ۔ ژٕ چھکھا یوٚت کھرٕ انٹہٕ ژوٗر۔ پکھ مےٚ ستی بادشاہٕس نِشہٕ۔"

یِی ونان بُلوو تٔمی اکھ پُلسہٕ وول تہٕ ووٗنُس ژٕ پکہٕ ناوُن یہ مےٚ پتہٕ پتہٕ بادشاہٕس نِشہٕ۔ سونرٕ سُنٛد بیان بوٗزِتھ دیُت تٔمی بادشاہن حُکم زِ أمِس ژٕلو کھورٕ ژ۔

ییٚلہٕ امہٕ مُلکچہ رانہٕ یَس برابر تیژ انسانیت أس یوٚت زَن تَسُنٛد خاوند ظالِم تہٕ ناانصاف اوس رأنی سُنٛد یہٕ ناطق حکم بوٗزِتھ گرٕ تَس شکایت "ژٕ کتھہٕ کنہٕ چھکھ یوٚت خطرناک حُکم دِوان۔ ییٚلہٕ زَن اتھ معاملس سبٹھے معمولی شہادت چھےٚ تہٕ سونرٕ چھی ژٕے پتہٕ کتھ خراب چھِ آسان۔ ژٕے چھی ناپاہ تمہٕ کوٚتاہ اپُز چھِ ونان تہٕ پُنٛسہٕ وَتہٕ خاطرٕ کرٕ تارن گری چھِ کران۔ ئہ ہرگاہ آسہٕ ہاپژی کنہٕ کرہا أمِس غریب اِنسانہٕ سٕنٛز گتھ تتھے پأٹھی پژھ تتھہٕ کنہٕ ژٕے سونرٕ سنٛز گتھہٕ گرٕتھ۔"

"زبان وَتھ۔ ژٕے کیاہ چھی میانہٕن معاملن منٛز دخل دیُن" ووٗنُس

بادشاہَن۔

رانہِ وۄنُس "بہٕ روزٕ نہٕ ژھوپہِ کرِتھ ۔ مےٚ سَپُد واریاہ کالی دربارس منٛز چ
یہِ تکجارتہٕ تیز رُوپھِتھ سخت دوکھ۔ چانی مُشیر چھی ژےٚ ناخوش تہٕ رعایا چھےٚ بغاوت کرنَس
تیار۔ ہر گاہ ژٕ تتھےٚ پأٹھۍ کران روُدکھ تیلہِ سَپدِ چون یہِ مُلکھ برباد۔"

بادشاہ سَپُد أمِس زنانہِ سخت ناراض تہٕ ووٚننس کمرٕ منٛزٕ نیرنہٕ باپتھ۔ دوٚیِہ
صُبحس کیُٚتھ دِیُت تٔمۍ حُکم زِ یہِ گژھہِ تٔمۍ سےٚ نفرس ستۍ مُلکہٕ نیبر نیٚنۍ کڈتھ ژھنُنہٕ یِس
کھورژٕنہٕ آسے۔ رانہِ بوٚرنہٕ امیُک کانٛہہ پرواے۔ اُتھ برعکس گیہِ سو سبھٹاہ خوش زِ
گیہِ تتِھس خانہٕ دارس نِشہِ آزاد۔ سو گیہِ کھورِ روۄس نفرس نِشہِ تہٕ ووٚننس بادشاہُنٛد
حکم۔ سُہ بوٚزُن أمِس زِ تیچھہِ ٹوٚکرِ منٛز تہٕ نکھَس پیٹھ تُلِتھ نیوٗن سُہ شہرٕ نیبر بیٚیہٕ تمہِ تَس
برابر أمِس آشنہٕ ہِنٛدی پأٹھۍ علاج کوٚر یوت تانی تَس چھوکَن انگ آو۔ تَس گودنہٕ
ژٕلی ژٕلی ٹوٹھ تہٕ تٔمۍ کٔر تہٕ بوٚرُس تورٕ تتھےٚ پأٹھۍ لول تہٕ سو بنیہٕ تسنٛز پزی کنۍ زنانہٕ۔ تِمن زاو
أکھ نیٚچوُی ہنا۔ گُزارٕ کرنہٕ خأطرٕ أس سو زِ یُن ژٕٹان تہٕ یہِ کِنہٕ خأطرٕ شہر گژھان۔ اکہ
دوہہ ییٚلہِ سو اوٗر ری شہرٕ أس گمٕژ تسنٛدِس خاوندس پییہِ ہِنٛدر ۔ تہٕ ہُہ لوکٕٹ شُریُس تسٕ نِش
اوس سُہ ہیٚری تَن کھوکھشہِ کھوکھشہِ تہٕ ووٗت نکھہٕ تلہِ یِس أمِس کریٚر یِس ژٕنٛدِس
تانی تہٕ آوُ کراونہٕ۔ تتھےٚ یہِ نفر ہُشار گوو تہٕ اَتہِ شُر نظرِ گوس نہٕ تَس زَن آو غمُک پہاڑا
پیٹھ ژٕ سِتھ۔ سُہ گو وزنتہٕ دیوانہٕ تہٕ دِژن کریکہٕ "خبر کمہِ بلایہِ نیٚو میوٗن نیچو۔ بہٕ کیاہ کرٕ؟"
شامَس بأ گی آیس زنانہٕ اورٕ واپس۔ تَس تہٕ سپُد تیُٚتھ دوکھ یہنہٕ بیانہٕ ہیکہِ
سپدِتھ مگر بہادر تہٕ عقلمند آسنہٕ کِنۍ سنبھول تٔمہِ پنُن پان تہٕ ہیوٚتُن خانہٕ دارس دِلاسہ دِ

کرُن تہٕ وۄنُس ''اَسہِ اوس ٕ قسمتس (اتھ کیاہ کرو) راتس پیٹھہ ٕ اُمِس بادشاہس اُکھ ہِنٛدر زولہِ تہِ سُہ اوس اُکی ہے شُرِس متعلق سوچان تہٕ تُنٛد اوسُس پھیران۔ یہِ اوس تُنٛد نصیبے زِ تَس پیٹھہِ تہٕ ہِنٛدر تکیاز ِرأ ژہنٛدِ دۄیمہِ پہر ہیوٗ آے ز جاناوار سوٕ بڑ ورتہٕ بوٕ بڑ ورتہٕ لأجکھ تتھ کُلس پیٹھ گتھ گتھ گرٕنی یُس تہنٛدِس بَرِس بلکل ٕستی اوس۔ تمو لأج پانہٕ وأنی یمہِ متعلق گتھ گرٕنی۔

''ہاے یہِ کیُتھ تفریقہٕ لد دُنیا ہا چھُ۔'' سوٕ برأری وۄن پنہٕ نِس یارس'' ژ دُچھ کیاہ آو تیمِس نفرس بُتھ۔ اُمِس پو پُنُن وطن ترٛاوُن تہٕ بیٛیِس مُلکس منٛز رۄد بیچھوٕنی ہِنٛدی پأٹھی دوہ گزاران ییٛتہِ اُمِس ٕستی ناانصأفی سپدتھ سزا آودِنہٕ تہٕ وۄنی چھُ یہِ پُنُن معصوٗم شُر راونس پیٹھ ماتم زد۔ سُہ کٹیٛر پھوٚٹ راتھ دِگرس ہیوٗ ہُتھ کرٕ یرس۔''

بوٕ برأری وۄنُس ''وُچھتہٕ کیُتھ پیتہٕ آویمن بچار بن۔ یمن ہیکہِ نا کأنہہ چارا بُتھ؟''

سوٕ برأری وۄنُس درجواب'' آ بلکل ۔۔۔ ہرگا بادشاہ اَتھ کزیرٕس منٛز وۄتھ لایہِ یہِ ہیکہِ آسأنی سان کُٹس بچأوِتھ تہٕ اکھُے گوٗھ نس کھور تہِ ٹھیک تہٕ نۄی کھور گرٕھنس پأد۔''

بادشاہَن بوٗز یمن جاناوارَن ہنٛز یہِ سأرٕے کتھ باتھ۔ سُہ سپُد سیٹھاہ حأران تہٕ تہٕ خوش تہِ۔ تِتھُے گاش پھوٚل تُمی وۄن زنانہِ یہِ سورٕے معاملہٕ تہٕ پرٕژھنس مشوٗرٕ۔

تمہِ وۄنُس ''بلکل۔ گرٕتی یہِ جاناوارونان اُسی۔ ژٕھن کزیرٕس وۄتھ۔''

أِی کوٚرتی تہٕ ترتھہٕ کٔنۍ بچوٗن نێچو تہٕ کھور تہٕ آس واپس۔

اَمہِ پَتہٕ کینژہٕ کالہٕ سٕمکھ بادشاہ پَنہٕ نس بُڈس وزیرَس یُس برابر تنہٕ پتہٕ پڑ بتھ اَندِ پھیران تہٕ پَنہٕ نس آغس متعلق بے پتاہ اوس ژِھانڈان یَنہٕ سہٕ اَتہٕ دژاو اوس۔ تَس نِش بوٗز بادشاہَن زِ سارِے لوٗکن چھُ تسُنْد پھیران تہٕ تسندِس واپس یِنس چھِ پرٛاران۔ لہٰذا اگو وسہٕ پێنۍ زنانہٕ تہٕ نێچو ہێتھ واپس تہٕ بیٛوٚٹھ دُبارٕ تختس تہٕ پرٛاُنۍ پاٹھۍ لاٚجن حکوٗمت کرٕنۍ۔

واپس واتنہٕ پَتہٕ یوسہٕ گوڈنچی کام تٔمۍ کٔر سو آس یہِ زِ تٔمۍ سوٗز پنُن فوج تَس بادشاہَس ستۍ جنگ کرنہِ یٔمۍ تَس ستۍ ژتھ خراب سلوٗک اوس کوٚرمُت۔ أِمۍ سُنْد فوج سَپُد فتحمند تہٕ ہُہ بیٛاکھ بادشاہ گو وسبٹھاہ خجل۔ تَس پیوٚیِن تہٕ اَمِس رحم کرنہٕ خاطرٕ زارٕ کرٕنۍ۔ تٔمۍ وۄن زِ مے اوس یہِ سائلم تٔمِس کمینہٕ سوٗزی یِنۍ کٔنۍ کوٚرمُت یُس بہٕ قتل ژور پھٔہہِ لَدَن۔ ترتھہٕ کٔنۍ دِژ بادشاہَن تَس معافی تہٕ تژ وۄن یلہٕ۔ تمہِ پتہٕ اُس صرف خوٗشی تہٕ خوشحالی۔ بادشاہ اوس تٔمِس زنانہِ ستۍ خوش گزران یوسہٕ ہُمی بادشاہَن عزل اُس کرٕمژ۔ یِمَن زاے واریہہ شُری تہٕ سبٹھاہ وأنس کٔڈِتھ گزریاو تہٕ رعایا ہُنز اُکۍ ہِنْدِ مَرنہٕ سخت دوکھہٕ زَد۔

(راوی: ہِشوبابیو۔ رِنی وودرسرینگر)



# فلسفی سۄنٛز کٔنٛز

پَتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ سُہ دژ اوا کہِ دوہہٕ پھاک پرٛگنس کُن شکارس۔ دأچھ گامہٕ نِشہِ وُچھ کرٛ تٔمۍ اَکھ ہانٛگل یَس سُہ پَتہٕ دوریاوتہٕ کینژن میلَن اوسُس پَتے یوٚت تانٛی تٔمۍ جنگلس منٛز ژھیپھ دِژ تہٕ پَتہٕ دژاونہٕ نوٚنے۔ بادشاہَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ پَتہٕ ٔنس قسمتس پٹھ گوو مایوس۔

یام سُہ پَتہٕ ٔنس ٹھکانَس کُن واپس پِکان اوس تٔمۍ بوٗز اَکھ کرٛکھ زنتہٕ کُس تانٛی وَتہِ ماولس کُن زنڈَس پَتہٕ گنٛہِ ودان اوس۔ تٔمۍ دِژ اوٚر یور نظر از یہِ کُس چھُ تہٕ اَتہِ وُچھن وَہرِ سداہہِ مرِ اَکھ سبٹھے مأرۍ منٛز کوٗ رَیس وُچھتھ سُہ سبٹھاہ خوش گوو۔

"ژٕ کوسہٕ چھکھ؟ یتِتھ کیاہ چھکھ کران" اَمۍ پرٛژھُس سبٹھے نرمی سان۔

تٔمۍ ووٗنُس "جناب۔ بہٕ چھُس چینہٕ کس اَکس بادشاہ سۄنٛز کوٗر۔ میوٚن مول بنیاو جنگس منٛز قِدی تہٕ بہٕ ژٕ جس تیتہِ اوٚکنۍ زِمےٚ گرٛھی نہٕ مأرۍ سۄندۍ دشمن کنیز بناوِنۍ۔ گوڈٕ گیس بہٕ اَکس جایہِ یتہِ مےٚ کریرٕس منٛز پان پھاٹناونچ کوٗشش کٔرمگر گامہٕ والین نٕح میانہِ اَمہِ حالچ پتاہ تہٕ تم آےٚ تہٕ بچاؤوہَس بہٕ۔ پَتہٕ آیس بہٕ یور۔ ژےٚ بوٗزِتھ ووٚنۍ میأنۍ دٔلیل ووٗں وَن ژٕ پننٛۍ۔"

تٔمۍ دِیُٚس جواب "سوندرۍ۔ بہٕ چھُس ییمہِ مُلکُک بادشاہ تہٕ وُنۍ کبس

چھُس شکارَس درٛ اٛمت۔ ساعت اوس پھرٕ ژھیمہٕ کنٛ مےٚ ژےٚ ستۍ ملاقات سپد۔ یہٕ بوٚ زِتھ ہیوٚت کورِ وَدُن۔

"ژٕ کیاز ژھکھ ودان اے پری روٗ" بادشاہَن وُنس اَمہٕ پتہٕ۔

"بادشاہا۔ بہٕ چھُس پنٕنِس مالِس سٟتۍ، ماجہِ ہٕنٛدِ تہٕ پنٕنہِ مُلکہِ باپتھ ودان۔ بہٕ چھُس پنٕنہِ خاطرٕ وَدان بہٕ کیاہ کرٕ یتہٕ بہٕ بے یار تہٕ بے مددگار چھُس۔ بہٕ کتھہٕ ہیکہٕ زِندٕ روٗزِتھ" تَمہِ دِتُس جواب۔

"مہٕ وَدٕ وُنی" تٕمۍ وُنُس "ژیمہِ یپور تھاوٕ بہٕ چون خیال۔ پگہ میانٕس محلہٕ خانَس پیٹھ تہٕ روزٕ تٟۍ۔"

کورِ وُنُس "بہٕ گرٕ خوٚشی سان تہٕ۔ نہٕ اگر ژٕ مےٚ پٕنٕنۍ آشنٕۍ بٕنٛزٕ وَنکھ۔ بہٕ گرٕ نہٕ ژےٚ کُنہِ کتھہِ انکار۔"

"میانۍ ٹاٹھِۍ، میانہِ جانہٕ، پگہ مےٚ ستۍ۔" وُنُس بادشاہَن

تتھۍ کنٛ سپد یمن خاندر تہٕ بادشاہَس روٗز اُمس چینٕہ چہٕ آشنٕہ ہٕنٛز ماے زیادٕ زیادٕ ہُران۔ تٕمۍ بنٲو تَس خاطرٕ اشبرنگھہٕ ڈلٕ ہس پیٹھ اَکھ پانٛژٕ پہُر خوبصورت عمارت تہٕ اوس پنٕنہٕ نبن باقۍ سارِنۍ زنانَن اٟتۍ ترٛاوِتھ تٕمس ستۍ یوٚت پلہٕ ہیس تیوٚت وقت گزاران۔ تَس اٟسنہٕ رَژھ تہٕ پتاہ زِ تیمس سٕہ یوٗت لول اوس بران سو کوٚہ بلاے اٟس۔ تَس اوسنہٕ یتہٕ پتاہ زِ تَس ستۍ بستی کرنہٕ ستۍ گُس وہ کھہٕ دود گو وٕ تَس اگادٕ وارٕ وارٕ ہیٚژن تَس معدس سخت دَگ باسٕنۍ۔ لہذا ابُلاو تٕمۍ حکیم یموٚ منٛزٕ کانٛہہ یہٕ تہٕ کانٛہہ ہُہ کرنہٕ خاطرٕ اوسُس وَنان مگر کانٛہہ اکھا ہیوٚ کنہٕ تَس ٹھیک کرِتھ۔ اٰخرس اوس اَکھ

ژٕ گیاہ یُس پزٕ بتھ دوہہٕ یتھ مُلکس وُڈان وُڈان اوس یوان تہٕ پنہٕ ہِنس ووستادتہٕ مأ لکس کیٚتھ اوس دۆ دھ گنگایہِ پیٹھہٕ آبہٕ ہناتہٕ ہاری پربت پیٹھہٕ میٚوٕ رژھانوان۔ أمی ییلہِ یہِ بڈٕ عمار تھاوُ چھ۔ یوسہٕ بادشاہَن اُس بنأومژ تہٕ ہنا آرامہٕ ہنا کرنٕچ گیس یژھ تہٕ ژاوسہ اۆ رکی۔ پوبتر جل گمرٕ رکس اُ رکس کوٗنس گن تہٕ پوبتر میٚوٕ بیٚیس کوٗنس منٛز تھأوِتھ تہٕ موٗلُل مأ لکشہِ دوا ہٕیک اَکھ ڈبا تھوو وُن شاندس تل تہٕ دِتُن بادشاہٕ سٕندِس بسترس پیٹھ درازتہٕ پییٚس ہٕنٛدٕر۔

أتھی منٛز پیوٚ بادشاہ وأ تتھ تہٕ پنہٕ ہِنس بسترس پیٹھ ژٕ گیاہ شونٛگتھ وُچھتھ گوو حأران۔ تَس ییٚیہِ شاندس تلہٕ گنہٕ لوکٹس مأ لکشہِ دواڈبس پیٹھ نظر ییٚیہِ وُچھن پوبتر جل تہٕ تہٕ پوبتر میٚژ تہٕ۔ سُہ لوٗگ سوچنہِ زِ یہِ کیاہ معاملہٕ ہیکہِ اُستھ۔ تَس گنییہِ کل زِ (بہ وُچھہٕ ہا) ژٕ گی ییٚلہِ ہُشار گژھہِ یہِ کیاہ گرِ۔ لہذا بیوٚٹھ سُہ پتھر تہٕ چھُ پزاران۔ ژٕ گر تہٕ تھوو نہٕ سُہ ژٕ رِس وقتس پزارٕ وُن۔ سُہ گوو بادشاہَس وُچھتھ حأران مگر ییٚلہِ نہٕ ژٕ گی لوکُٹ مأ لکشہِ ڈبہٕ تہٕ پوبتر جل تہٕ پوبتر میٚژ وُچھی سُہ کھوٗژ۔ یم اُ سی بادشاہَن ہٕمتی۔" جوگیا۔ مہ کھوژ۔ مےٚ چھِ چاأنی سأری چیز رٕژھرِتھ تھأوی ہٕتی" ژٕ گی وۆنُس۔ مےٚ وَنتہٕ ژٕ کیاہ تہٕ رکتھہٕ کنی آکھ یورتہٕ ژےٚ میلنے ییٚیہِ پٔنٛنی چیز۔ پَتہٕ وۆنس ژٕ گی سورے کیٚنہہ تہٕ رٕٹن پٔنٛنی چیز۔ بادشاہَس نمن گرِتھ دراوسہ محلہٕ منٛزٕ۔ سُہ وُڈیاوۆت پلُس تیوٚت تیز واپس پنہٕ ہِنس آ غس گن تیمی تَس ژٕ ریلا گنگ وجہ پزٕ ژھ۔ اَمہِ پتہٕ وۆنُس ژٕ گی سُہ سورے قصہٕ زِ سُہ رکتھہٕ کنی وُچھ بادشاہَن پنہٕ ہِنس بسترس منٛز شونٛگتھ تہٕ ژٕ رکتھہٕ پأٹھی گرِ تَس ہتی گتھ۔ ییٚلہِ ووستادَن یمہٕ گتھہٕ بوزٕ تہٕ وۆنُن رُت انسان چھُ۔ بہٕ چھس تَسنٛد

شُکر گزار زِ تمی دیُت نے ژےٚ پوِتر مأیِلشہِ ڈبہٕ تہٕ باقے چیز واپس۔ وولہٕ واتناوے تَس نِش۔"

لہذا اکوٚ ر تمو دوشوِ یوامہِ مائکشہِ ہنٛدِ کنِ یتھ مُلکس کُن وُ ڈوتہٕ وأتی بادشاہَس نِش۔ جۄ گرِ وۄنُس "بادشاہا۔ میوٚن آغہٕ تہٕ ووستاد پھِے ژےٚ مُلا قاتس آمت تہٕ بیٚیہٕ تم چیز مےٚ واپس کرنہٕ مۆجُب شُکر یہِ کرنہٕ خأطرٕ۔"

اَمہِ پَتہٕ وۄن تمی ریٚش "آ۔ ژےٚ شکریہ کرنہٕ خأطرٕ چھس ہٕ آمت رازٕ بہ کینژہ ہاتہٕ ژٕ مےٚ منگکھ تہٕ سُہ میأنس اتھس منٛز آسہِ تہٕ گژھ بہ چانہِ خأطرٕ۔"

تَس برٛ وٕنہہ کنہِ نِمتھ وۄنس بادشاہَن "اے دَیہ ٹاٹھِہ۔ مےٚ چھُ معدٕ دودا اگادِ گوٚمُت یُس بلراونس منٛز وُنیُس تانی سارِنے حکیمن ہُنٛد علم تہٕ ہُنر ناکام چھُ گوٚمُت۔ ہرگاہ ژٕ مےٚ اَتھ دأدِس علاج ہیکِکھ کرِتھ ہٕ روزے ژےٚ ہر ہمیشہ شُکر گزار۔"

ریٚش وۄنُس "وولہٕ ہٕ دِمَے ژےٚ جسمس نظر۔" تَس کُن وُلی ڈلی نظر کران "ژےٚ چھُتھا حال حالے کھاندر کوٚرمُت۔"

بادشاہَن دِتُس جواب "آ" تہٕ وۄنس سوسأرٕ ے ڈلیل زِ سہ کتھہٕ کنِ سمکھ اَمِس نوٚ زنانہِ تہٕ تَس متعلق تہٕ وۄننس سورٕ ے کینٛہہ۔

ریٚش وۄنس "آ۔ مےٚ تہِ باسیا وُنہِ۔ رازٕ ژٕ چھکھ سبٹھاہ بیمار۔ تہٕ ہرگاہ ژےٚ بیٚیہٕ ژٕ تجی ہَن دوہَن علاج واتہِ ہی ژٕ مرہکھ۔ مگر وۄنی چھُنہٕ پرواے۔ ہٕ ہیکتھ ژٕ ٹھیک کرِتھ۔ ہٕ یہِ وَنے تہِ کرِ زِ کھوژنہٕ ورأ ے۔ یِنہٕ نس وازس وَن اَز زنانہٕ

ہنٛدِس کالہٕ کِس کھنٛبس ژۄ رنۄن ترٛاوُن تہٕ یہِ تھاوُد زِ خیال زِ تتہٕ کرِس مژ گوھہِ نہٕ ترٛ لیش آسنٕہ یِیتہٕ سوشونگہٕ۔ ژٕ رۄزی زِ پانہٕ راتی راتس ہُشارتہٕ رۄزی زِ ژ رژان تہٕ یہِ کینٛژ ھاراتس سَپدِ تہٕ وٗنی زِمے صُبحس۔ یِنہٕ کھوژ کھژے واتی نہٕ کانٛہہ نقصان۔“

بادشاہَن کوٚر بلکل تی یہِ ریٚش وۄنُس۔ یِتھٕ کٔرُ اَسہِ تہٕ سمجھ لی زِ زنانہٕ ژٕ راتھ کینٛتھ سخت ترٛ لیش سوٗ ژھ ترٛ لیش چَنہٕ خاطرٕ تھوٚ دمگر یِیلہِ نہٕ کرِس مژ ترٛ یشی ٲپن تمہٕ دِژ نظر زِ خاوندس چھمانٛدر تہٕ پَتہٕ بولوٗن وِیہِ تہٕ سَرٕ پھٕٹتھ دژلہِ نبر۔ سوٗگیہٕ تلاوس پیٹھ ترٛ لیش چینہٕ۔ یہِ گٔرتھ یِیلہِ موکلیہٕ تہٕ پھیر واپَس تہٕ دُبارٕ زنانہٕ ہٕتھ وٗژھ دُبارٕ شونگنہٕ۔ بادشاہَن وُچھ یہِ سأیلم تہٕ صُبحس کیٛتھ وۄنُن ریٚشس۔ یِیلہِ ریٚش سأیلم کینٛہہ بۄزتہٕ پَتہٕ وۄنُس ”بادشاہا۔ یہِ چھنہٕ زنانہٕ بٔلکہِ وِہ۔ بوز۔ ہرگاہ کِس ہتس وٕری یَس کأنسہِ سرٕ پھس انسانہٕ سٕنٛز نظر پییہِ نہٕ تِمس چھِ گلس پیٹھ اکھ ژھوگ یوان تہٕ یہِ چھُ شُہمار بنان۔ ہرگاہ پییہِ اَکِس ہتس وٕری یَس اَمس انسان نظر پییہِ نہٕ اَمس چھُ اجدر بنان تہٕ ہرگانہٕ ترٛ بن ہتن وٕری یَن اَمس کانٛہہ انسان وُچھِہ یہِ چھُ ”وِہ“ بنان۔ وِہ چھُ ہٕبکان پانَس یۄت یِیرٕ ھہِ تیٚوٗت زٕیٹھر اوتھ، اَمس چھُ سیٹھاہ طاقت آسان تہٕ یِیلہِ مرضی گژھیس تیلہِ چھُ پنٕنٛز شکل ہٕبکان بدلأوِتھ۔ اَمس چھُ زنانہِ ہٕنٛز شکل پژاوُنی سیٹھاہ خوش کران۔ یِتھ زِیہِ مَردَن ہٕتی بستھ ہیکہِ۔ یِہے چھے چأنی یہِ زنانہٕ تہٕ۔“

بادشاہَن کھنیہِ ووٗتھ ”اوٗ ہ۔ مے آسہِ ہے یہِ گوڈٕ پتاہ۔ مگر ووٗن چھنا اَمس بلایہِ نشہِ موکلنس کانٛہہ باتھا۔“

ریٚش وۄنُس ”کیاز نہٕ۔ مگر ژٕ گژھی صبر آسُن۔ دہہ اُسی زِ پننہٕ زنانہِ

نِشہِ گرٛھان تہٕ سُے وو ہار اُسی زِتَس ءِستیٖ کران یُس تَس ءِستیٖ ژٕ کران اوسُکھ۔ تہٕ گو
تَس شک تہٕ گُری ژےٚ بُرباد۔ اُمی سُند اَکھ شہہ ہیکہِ ساٗری ہے مُلکس پھوٗ گرتھ
سَرِ دست بناوتہٕ ژٕ لاشہِ ہُنْد اَکھ مکانہٕ تہٕ لاشہِ گر پیٹھ سفید گچھ یتھ نہٕ یہٕ (لاش
باسہِ۔ اَتھ مکانس گرٛھَن ژور گُٹھی آءسی، بہن گُٹھ، کھبنہٕ گُٹھ، شونگَن گُٹھ تہٕ نزا
گُٹھ۔ کھبنہٕ گُٹھہِ کِس اُکِس کوٗنس منٛز گرٛھہِ اَکھ مضبوٗط توٗ ندرٕ آسُن یتھ پیٹھ پ
آسہِ۔

ییٚلہِ یہِ سائلم تیار سَپد پتہٕ لاگ ژٕ بمار تہٕ حکیمس اَتھہِ ونٛناوپانس خاطرٕ یہ
علاج زِ کائنسہِ گرٛھہِ نہٕ ژےٚ نِش پننگ اجازت آسُن سوایہِ اُمس زنانہِ۔ یہِ سائلم آ
کرنہٕ تہٕ زنانہٕ تہٕ سَپز خوش زِتُسند رون چھُ ووٗنی بَس تُسندے یوت تہٕ سوے گرِتمی منٛز
بمارِ منٛز تَس خاطرٕ سوٗرے کینٛہہ۔ یہِ چَلیٖیا وکینٛژن دوہَن۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ ووٗن تَس ریٚش زِ
ژٕ گرہاو کھبنہٕ گُٹھس منٛز سخت پاٗٹھی توٗندرٕ تہٕ زنانہِ وَن پانس خاطرٕ خاص قسمٕچ ژوٗٹ
بناوِنی۔ سوٗ یِیمہِ وِزِ ژوٗٹ پَینہٕ پِنَس وُچھنَس منٛز مشغوٗل آسہِ۔ تُمی وِزِ دِن توٗندرَس منٛز
دَکہٕ دِتھ دأرِتھ تہٕ یوٗت جلد پلی تیوٗت گرُن پیٹھہٕ بَنٛد۔ تُھنہٕ سوگُنہٕ تہٕ طریقہٕ اَتہٕ نیٖرتھ
ہیکہِ نتہٕ گرِ سو ساٗری ہے مُلکس تباہ۔ پتہٕ آوکرنہٕ تہٕ نارٕچ شُدت ہُر اونہٕ خاطرٕ آو مکانس
تہٕ نار دِنہٕ۔ ییٚلہِ ریٚش یہِ سائلم بوٗزتہٕ ووٗنُس ''ژےٚ کوٚرتھ سبٹھاہ جان۔ نیٖر گوٚہ
ووٗنی دوٗن دوہَن پتٕن محل خانہٕ تہٕ ترٛییمہِ دوہہٕ یِلی زِ مےٚ نِش یہٕ ہاوِ ژےٚ عجیب
نظارٕ۔''

ترٛییمہِ دوہہٕ گوو بادشاہ ریٚشس ءِستیٖ تتھ جایہِ یِیتہٕ نار اوس تہٕ لتہٕ وُچھن نہٕ

سوٕر ورأے بیٚیہٕ کھنٛی تہٕ۔

ریٚش ووٗنُس ''وُچھ ووٗنی وارِ پأٹھۍ اَتہِ لَبکھ ژٕ سوٗرس منٛزٕ اَکھ گنہٕ پھوٚل۔''

کینژَن کالس ژھأنٛڈ دِنہٕ پَتہٕ ووٗنُس بادشاہَن ''آ۔ یمکیاہ لوٚب مےٚ۔''

ریٚش ووٗنُس ''چلو گو ؤٹھیک۔ ووٗن کیاہ رَنٛگھ ژٕ گنہٕ پھوٚل کِنہٕ سوٗر۔''

بادشاہَن ووٗنُس در جواب ''گنہٕ پھوٚل''

ریٚش ووٗنُس ''تیتہِ جان۔ تیٚلہِ نمہٕ یہٕ سوٗر'' اَمہِ پَتہٕ سوٚمبرٕ تمۍ حسبہٕ سان یہِ سوٗر جولنس منٛزٕ تہٕ پَتُن شاگرد ہیتھ گو وغأب تہٕ بادشاہ گو وپَنہٕ نِس محل خانس منٛزٕ۔

تمہِ وَقتہٕ ژوٗل بادشاہَس دود۔ تہٕ یُس گنہٕ پھوٚل تمۍ رٲٹمُت اوس سُہ بنیاو سنگ پارس۔ اَکھ سوٗنٛی ییٚمیک چھُہ۔ یتھ تہِ دھاتس دِنہٕ ییہِ سُہ اوس سون بنان۔ مگر تتھ سوٗرس کیاہ صفت اوس تہِ ننیاونہٕ تَس زانُہ۔ تکیاز تمۍ وُچھنہٕ پتہٕ سُہ رِیٚش تہٕ نہ سُہ جوٗگی زانُہ۔

(راوی: مکُند بایو۔ سوٚتھ سرینگر ییٚمۍ یہِ ناگمہٕ کس اَکِس بٔنس نِشہِ بوٗزمژٕ أس)



# بیٛا کھوٚ لیل

کٔشیرِ ہُند اَکھ بڑٛہم بادشاہ علی[1] مردان خان اوس اکِہ دوہہٕ شالمارٕس[2] نکھہ جنگلس منٛز شکار کران ییٚلہٕ زِ بُزرگ شخص تَس نِش آے تہٕ وۄنہَس "بادشاہ صأب مہربأنی کٔرِتھ بوزتہٕ سأنی کتھ۔ أسی چھی ژٕ ے التجا کران زِ ژٕ مَتہٕ پکھ تہٕ یتیمہٕ بڑٛھہ۔ یتھنہٕ ژٕ ے خوفناک اجدر ہٕنگٕٛز وی یُس اکثر یتھ جایہِ چھُ یوان۔"

بادشاہَن وۄنُکھ "بکواس"

تِمو وۄنُس "نہ جناب۔ بادشاہ صأب اَسہِ چھےٚ پانہٕ سو بلاے وُچھمٕژ۔ نہ چھُ پڑٛتھ شامَس ڈَلس منٛز ترٛ یِش چینہٕ وَسان تہٕ تیمی جنگلہٕ کنہٕ چھُ یوان۔ أسی چھی ژٕ ے عرض کران تہٕ ونان زِ ژٕ پھیر واپس۔"

"اِدسا" لی ونان پھیٛر بادشاہَن گُر واپس تہٕ دِژ او محل خانہٕ کُن۔ اۄت

---

[1] ترتیب کارُسند حأشیہٕ: ییٚدوَے زَن لۄکھ عام پأٹھی أمی سُند ناو بادشاہ سٕندِ حیثیتہٕ ہیٚران چھِ۔ گر علی مردان خان اوس شاہنشاہ شاہجہان سٕنس دورس منٛز کٔشیرِ ہُند صوٗبہ دار (۱۶۵۰ء) نہ اوٗس ایرأنی اشرافو منٛزٕ تہٕ کینژَن کالَس اوس قندہارُک تہٕ صوبہ دار۔

[2] مشہوٗر شأہی باغ ناوِیُس شہرس نکھہٕ جھیلہٕ کِس بٔٹھس پیٹھ طیبہ بالَس پیٹھ چھُ۔

وأتھ بلاوِ تٔمی پٔنٕز وزیر تہٕ وۄننگھ تہِ یہِ أکی بۆ زُمت اوس تہٕ ییٚہ مۆنلنگھ مشورٕ زِیہِ بلاے ختم کرنہٕ خاطرٕ کیاہ پزِ کرُن۔ تمو دِتُس یہِ مشورٕ زِ گٔژھہٕ بستن منز چۄنہٕ برِتھ گوٚھن یمہٕ تتھ وتہِ منز تر اونہٕ یِنہٕ یپارِکی اَجدر۔ تِھپلس منز ترلیش چینہٕ چھُ وسان تہٕ تتھ جایہ یہ بلاے ترلیش پچھے چۄان تتتھ گژھَن زِ دوب تٕر کھنہٕ تہٕ تمن گوٚھہِ تیل یُن برُنہٕ۔

تمو سۄنچ یہِ زِ اجدرس باسَن یمہٕ چۄنہٕ برِتھ بَستہٕ پٔزی کنی تر تہٕ نبنگلا وبکھ تہٕ اَمہِ پتہٕ لگبس سخت ترلیش تہٕ تِلہٕ برِتھ دوب باسنس آبہٕ دوب تہٕ چینہٕ ترلیشہِ بدلہٕ لی۔ اَمہِ ستی وۄتھہِ تٔمس ضرٗرأندرٕ دۄ دسہٕ تہٕ مرِ۔

بادشاہَن موٗن یہِ تجویز تہٕ لہٰذا آو عملہِ منز اَنہٕ تہٕ اجدر آو مارنہٕ۔

علی مردان خان گو واجدرٕ سنٛز لاش وُچھنہِ تہ وۄنُن سپہن یہِ زألیوٗن۔ تمن دۄن بزرگن ہنٛدِ مدتہٕ لٔب تٔمی أکی سنٛز گوپھ تہٕ ژاوا تھ اندر۔ لنٛدرٕ اوس اَتہِ اَکھ بند درواز یُس تٔمی مُژرووو۔ اَمہِ درواز کنی اوس کُٹھ ییٚتہٕ تٔمی اَکھ خاص قسمک لوٗٹ ڈبہ وُچھ۔ اَتھ ڈبَس اندر اوس اَکھ کنہِ پھۄل یہِ کنہِ پھۄل وزا و پٔزی کنی سنگِ پارس۔ یمہِ کہِ چھۄہ ستی پزِ بتھ کانہہ چیز فِل فورسون چھُ بنان۔

(راوی۔ پنڈت آنند کول، سرینگر)



# بیٛا کھڈٕ لیل

دوہہٕ اکہِ دزٲوا اَکھ زۄ ناتخت سلیمانٕس [1] (سُلیمان ٹینگس) کھسنہٕ خاطرٕ وَتہِ ہیوٚر رکھسان لُج تَس تژ لیش تِکیاز گرم اوس۔ تُمۍ کوٚڈ چندہِ منزٕ ٹنگہٕ ہناتہٕ لوگن یہ زٲنِتھ زِ کران ژۄ ل تَس شرٛ اپٕچ تہٕ لوٚگُس اَتھس۔ اُمۍ وۄتھر اۆ ڈٕکوٚن اَمی شراپچہ سٕترٕ تہٕ گگھرُن یہِ شرٛ اپٕچ اَکس گنہِ سٕترٕ تہٕ تھووٗن واپس چندس۔ بالہٕ تیٚتھۍ لس پتھ واتِتھ بیوٚ ٹھ یہِ پتھر تہٕ یوٚ چھہِ دٕش باسنہٕ کنز کوٚ ڈُن بیٛا کھ ٹنگ تہٕ ہیوٚتُن اَتھ دیل تُلُن لتہٕ دِ تُمۍ پٕٹنہِ شرٛ اکہٕ پٕچہٕ تیغہِ سون بنیوٚ مُت۔ یہِ کتھہٕ پاُٹھۍ سپُد؟ اَچھا۔ بالس کھسان تہٕ گنہِ سٕترٕ اُمۍ اَتھ گگھر اَس دِژہٕ مٕژ سواَس پٕزی کنز سنگِ پارس۔ سُہ وۄتھ تیز واپس گرٕ افسوٗس۔ تَس لٕب نہٕ دُبارٕ سو کنز۔ تہٕ اوے چھِ اَسۍ ساٚری یہِ زانان زِ یہِ گوٚھہِ اَز تاًنہٕ اُتی تخٛتس نِشہِ کُنہِ جایہِ آسُن۔

(راوی: لال چند، کھنموہ وُلر پرگنہٕ)



---

[1] سرینگرس نکھہٕ اَکھ بال یُس وادی ہٕنٛدِ سطح کھوتہٕ اَکھ ساس فُٹہٕ تھوٚد چھُ۔ اَتھ چھُ ہٕنٛز گر آچاریہٕس پَتہٕ "سِرِ شُور" یا شوہٕ نٛز کُلہٕ ہیریا شنکرا چاریہ وَنان۔

# نافرمان شُری کتھ آ ے وَتہٕ

یہ اوس اَکھ اُمیر بُڈ شخصا تَس باسیا وزِ سہ مَرِ وۄنۍ تَوے اُنن پنٛنۍ نیچوٕ ری نادِتھ تہٕ پٕنن داش نداش دِیتنگھ باگرِتھ۔ مگر تمی کَڈی اَمہِ پتہٕ بیٛیہ تہٕ واریہہ ۆری تہٕ تمہٕ منٛز دِزاس واریہہ پٔندی۔ اکہِ لنڈِ اوس بُڈ پیٹھہٕ اُسس نیچوبن ہنٛز اُڈزاُڈتہٕ لکیہ پیوان۔ تم اَسی بُتھی پھِری تہٕ خودغرض۔ گوڈٕ اَسی تم اَکھا کس ئتی ملنہٕ مان لاگان مأ لس خوش تھاونہٕ خاطرٕ۔ یُتھ زِ مے نتہٕ مے ژۄر رپہَن میلہِ تہٕ وۄنۍ یِیلہِ پُز بتھ اُکر پنٛنۍ حِصہٕ ہن رٔٹمٕژ اُس۔ تِمَن اُس نہٕ پتہٕ تسنٛز کانٛہہ فکرٕ بلکہِ اُکی دپان ۆلی ۆلی ہےَ مَر ہے تِی گوٚژھِ ہے جان تِمَن تہٕ موکلہِ ہے تفریق تہٕ خرچہٕ۔ اَمہِ کِنٛز اوس اُمس بُڈ شخصس پیٚہِ سخت بوٚ ڈ عذاب۔

اکہِ دوہہٕ سُمکھ اُمس اَکھ دوستا تہٕ تُمس ۆنن پنٛنۍ یہ سأرے داُدی کانٛگر۔ دوستن کوٚرنس دِلاسہٕ مداراتہٕ ووٚننس ئہٕ سونٛچہٕ اَتھ کانٛہہ علاج۔ پتہٕ یِیہ ژے نِش تہٕ وَنے کیٛاہ چھُ کرُن۔ کینٛژِ دۄہی پیوٚ سہ اُمس نِش واُتتھ تہٕ تھاوُ نس کنوتہٕ باجرِ ئتی بڑتھ ژۄر ٹھیلہٕ بژ ونٛہہ گنہٕ۔

پتہٕ وۄننس ’’بوز سا یارا۔ چأنۍ شُری بوزن زِ ئہٕ اوسُس اَز ژے نِش آمت

تہٕ تِمہٕ پڑژھنَے تہٕ ژٕ ے اَتھ متعلق۔ ژٕ دی زبکھ باس زِئہ اوسُس اَکھ پڑ ون قرض ژٕ ے ہورنہِ آمُت تہٕ وۄنی چھِ ژٕ ے نِش ساسہٕ وادرو پیہِ۔ یِمہٕ ٹھیلہٕ تھاوٕ ک زِپانِے نِش تہٕ توٗت تانی ہاوٕ ک زہنہٕ ہرگزتہِ شُر بن یۄت تانی زِنٛدٕ چھُکھ۔ ژٕ وٕ چھکھ یِم کتھہٕ کَنی بدلن وۄنی جلدٕ ے۔ اَدٕ کیاہ دِمہٕ وُنی کٔمن اجازت ئہ یِمے جلدٕ ے بینہٕ ژٕ ے نِش تہٕ ئے خبر اَتر۔

یام اَمی ہِشدبو نیچو بٕ یہِ بۄز زِمائِس ہامیوٗل بینہٕ ہن تہٕ مال تِمو لاجہِ مائِس تژھہٕ لوزٕ کرنہِ پژھ ھنہٕ زانہٕ تِمی وُ چھمژ آسہٕ۔ تہٕ تِم رۄدی تِہِشدِس مرنہٕ کِس آنس تاز یِی کران۔ تِمی ہِشدِ مَرنہٕ پتہٕ ییٚلہِ تِمو لالچہِ سان ٹھیلہٕ مُژ رک تہٕ اَتہِ وُچھکھ یِمَن مژ صرف گنہِ تہٕ باٹھر۔

(راوی: ہِشو بایو۔ رِنی وور سرینگر)



# بےعقل اوش تہٕ عاقل آشنٕز

سوداگرا اَکھ یام مَرن سَرِ گوو تمۍ اوٚن پنٕنۍ کُن تہٕ ٹوٚٹھ گوٚبُر پنٕنِس بسترس نکھہٕ تہٕ وۄنٕنس "میانہِ گوٚبرِ مےٚ چھِی وۄنۍ نیرُن تہٕ پتہٕ یمہٕ نہٕ زانہہ واپس۔ ژٕ گوکھ وۄنۍ یتھ دُنیاہَس منز کُن۔ توٚے گرَ ےٚ بہٕ ژےٚ پانٛژھ نصیحژ یمہٕ ہر ہمیشہ ژٕ تٔمِس تھاوِ زِ۔ گرِ ہیٚتھہٕ وانَس گرٕ ھان یکۍ زبنہٕ تاپَس۔ دوہَے گرٕ ھہِ پولاو کھیٚون۔ پرٕ بتھ ہفتہٕ گرٕ ھہِ پانس نٔو زنانہٕ گرِنۍ۔ شراب چینٛژ ہرگاہ خاہش گرٕ ھی تیلہِ گیہِ رٕنٛزۍ بُڈمٕٹ تہٕ چوٚن۔ ہرگاہ زار یژھکھ رِگنٛدُن تیلہِ گرٕ ھہِ تجربہٕ کارزار بن ٕتی رِگندُن۔

یمہٕ گتھہٕ وٕنتھ لوٚگس ہیٚک تہٕ دِتُن امانت۔

تمۍ سُنٛد نیٚچوٗ یُد ووے ہر رنگہٕ رُت تہٕ فرمانبردار اوس مگر سُتہٕ اوس سخت بےعقل۔ تَس توٚگ نہٕ مأنۍ سِژٕ گتھ رَژھ تہٕ مانہِ ژارُن۔ تمۍ سوٚنٛچ زِ یمہٕ گتھہٕ چھےٚ حرفہٕ حرفہٕ سمجھنہِ۔ اَمہِ رِکنۍ لوگ تمۍ نٔل فور گرِ ہیٚتھہٕ وانَس تانۍ وَتہٕ ژھبدُن گرُن۔ اَتھ لگۍ تمِس سبٹھاہ ہارِ دیار یہِ زَن سیوٚ دفأطر أزی أس باسان۔ تسُند بن یارَن دوستَن گووشک زِ یہِ ماچھٕ پاگلےٚ تہٕ باقین باسیاو زِ أمس چھُ نشہِ۔ مگر تمۍ تھوو نہٕ تہٕژن کتھَن بلکل تہٕ گن

بلکہِ کرٕن یہِ کامہٕ ہٕن مُکمل تہٕ پڑ بتھ دوہہٕ اوس گرٕ پیٹھہٕ وان تہٕ وانہٕ پیٹھہٕ گرٕ اَے تٕر
ژھایہٕ ہٕلی ژھایہٕ ہٕلی پکان۔

پَنہٕ نِس وازَس دِتُن حُکم زِمیانہٕ خاطرٕ گرٕ ھہِ دوہے صرف پولاو بناوُن تہٕ اَمہٕ
ورأے اوسنہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ تہٕ کھوان تِکیاٚ زِمالی اٚسس یہَے نصیحت کرٕمٕژ۔

پڑ بتھ ہفتہٕ ٹو زنانہٕ کرنہٕ کِس معاملس منٛز آے تَس کأنی مُشکلات۔ کینٛہہ
زنانہٕ پیٚیس تہٕنٛزِ بدصوٗرتی یا بدمزاجی یا بےطوٗری یا نمک حرأمی بیٚیہٕ وَجہ ژٕتھ کڈٕنۍ
ژھننہٕ۔ وۄں گو وکینٛہہ آسہٕ تہٕنٛز ھیمہٕ مأرک منٛز تہٕ رٕژ، لولہٕ بٕر ژٕ تہٕ رحمدل صافتہٕ شوٗز
آسہٕ مگر یِمَن نِشہِ تِھُس تُلناوِنی اٚمس جوان سوداگرس سخت کرٕ ژھ سپُد۔ تُمس اوس تِمَن
طیشس اَنہٕ خاطرٕ ہٕس پیوان دِیُن نَتہٕ تِمَن کڈِتھ ژھننہٕ بڑ وٚنہہ کانٛہہ ہیتھ رٹنہٕ خاطرٕ
ووشِدٕ منٛز تُلُن پیوان۔ تہٕتھہٕ پأٹھی سپز وارِیہہ بچارِ غریب زنانہٕ تُمی ہٕندِ کِنۍ خراب۔

چھیکرٕس یوٗزا کہِ سبٹھہے دانا زنانہِ گنٛذ رِیمتس سوداگر ہٕنزٕ ن نصیحژن ہُنٛدٕ نہٕ
یِمَن کتھَن ہُنٛد اصل معنہِ ژأرِتھ کرٕ تِمہِ سوداگر کِنٛس ہتی خاندر کرنچ شقہٕ کوٗشش نہٕ
ارادٕ۔ مأرک منٛز تہٕ دانا آسنہٕ کِنۍ گیہِ سو جلدی اَتھ منٛز کامیاب۔ سوداگر کِنٛس آدنہٕ تَس!
تہٕسنٛدِس کامہِ کارس منٛز کانٛہہ قبوٗح وَنہِ یُد وَے زَن سُہ تُمی ہٕندِس گُنہِ تہٕ دشفس گوٗن
اوس روٗ زِتھ۔ سو اٚس پڑ بتھ کانٛہہ کأم بلکل تُمی ہٕنزِ مرضیہٕ مطأبق کران زنوٗ روزٕ نہٕ
پأٹھی رأچھ کرِتھ تہٕ پکو وَلو، طور طریقن تہٕ کامہِ کوچَن اٚس حبسہٕ سان واتان۔ ہتہٕ
ہکنۍ درٛاے شےٚ دوہہ۔ ہفتہٕ کہِ سُتمہِ تہٕ آخری دوہہٕ یُس تَسنٛد وۄں اٚخری موقعہٕ اوس
اَمہِ دوہہٕ وۄن تَس سوداگر کنٛز زِمیانہِ خأطرٕ بنأوی زِ کالَس کیٚتھ گاڈٕ پولاو۔ تَس اوس

اِرادٕ یہِ ہیتھ زِ تِمس اوس بدل قسمہٕ چَن گاڈ٘ن کھنہنگ مأل۔ تِمس ووٗن زنانہِ زِ تِتھے ژٕ واپس واتگھ یہِ آسہِ چانہِ خأطرٕ مےٚ بنأوِتھ تھوومُت۔

یام سُہ دِژ اوسو گیہِ بازرتہٕ اَتھن دون ترٛبن قسمَن ہنٛز گاڈٕ۔ مُنأسب وَقس پیٹھ رَنٛنن یِمہٕ مختلف طریقو، اجبن ترٛ ووٗن مصالحہ، اَجِنہِ تھاوبن مصالحہٕ رۄسٕتے۔ اجبن ترٛ ووٗن کھنڈ، اَجَن نوٗن تہٕ تِتھے کِنٛی وارِ نِہہ۔ سوداگر یِیلہِ واپس ووت تہٕ کالگ کھنن چَن اوس تیار۔

تِمہ دِژ کریکھا ''تیار چھا کھین۔''

زنانہِ ووٚنُس ''آ'' تہٕ فِل فور تھوونُس گرم گرم میوٚٹھ پولاوبڑٕ ؤتھہ گنہِ۔

''اوٚہ'' ہیوٚ رُکن ژٕ کھِہ ہٕو نظر گرِتھ ووٚتھہ سُہ ''مےٚ اوس نمکین پولاو کھیٚون''

تِمہِ ووٚنُس ''اَدِ کینٛہہ چھنہٕ۔ مےٚ سوٗنچ زِ ژٕ ما کھیکھ تہٕ تَوے چھم سُہ تہٕ تیار گرِتھ تھوومُت۔ ''یِیکیاہ گووُسہ'' تہٕ تھوونُس گرم گرم نمکین پولاوک بٔڈ تھال بڑٕ ؤتھہ گنہِ۔

''اچھا۔ اَچھا'' بظأہر ووٚن تِمہِ توتہٕ ژٕ کھِہ ہوٚتے ''مگر یِمہٕ گاڈ نہٕ، یِمہٕ چھے گنٛڈی یأژٕ۔''

''اَدِ کینٛہہ چھنہٕ۔ تیٚلہِ کھےٚ یِمہٕ'' زنانہِ دِتُس جواب۔

''مگر بہ اوسُس نہٕ یِمہٕ ژھانڈان'' تِمہِ ووٚنُس زورٕ تہٕ تِتھہٕ کِنٛی گرِن نظر زنتہٕ سُہ اُمِس یِمہٕ گلس اوس لاینہٕ یژھان۔ اَمہِ کھوتہٕ اَنتہٕ گھِ لیوٚ باوٗلی ڈٕلی بہ کھمہٕ سےٚ۔''

تورِ ووٚنُس زنانہِ درجواب ''اَدِ عأش گرِتھ۔ کھےٚ تہٕ'' لی ونان ڈول تِمہِ اَکھ

کرنجُل أ کِتھ کُن تہٕ ہُہ گودیہِ وُچھتھ حأران زِ اَتہِ اوس اَتھ تَل کَس تاز جانور رُنِمُت
لیوب تہِ یُس تمہِ ساعتہٕ لیأرِ پوٚ کمُت اوس۔ییلہِ سو کھٮ۪ن چَن اُس تیار کران مگر
أسنہٕ یہِ فرصت آمژ تہٕ توٚے اوسنَس پیٹھہٕ کرنجُل تھوومُت زِ یتھنہٕ خانہٕ دارس اَتھ پیٚ
نظر پییم تہٕ کھسبس ژ کھ۔

ییلہِ وۄنی سوداگر کوٚٹ پوٚرِ پأٹھی ناکام سَپُد تَس پھوٚ رنہٕ اَمہِ پتہٕ کھ۔
کیاہ دوٚیوٚتر ییوِ ضیافژ ومژرِ رَژ ھارژ ھا کھٮ۪تھ وۄتھ سہ بسترَس مژراتھ کِیتھ کرو
زنانہِ وعدٕ زِ پگہہ صُبحس گرٛھَن تِم تَسنٛد مالِیُن تہٕ دوہ ہہ گزارن تِتی۔

صُبحس کِیُتھ گے تِم دوشوٚے یکجا تورکُن روانہٕ۔توٚت وأتِتھ وۄن زنانہ
پَنہٕ نِس مألِس ماجہِ پنُن سورُے گُدرُن تہٕ پٔنٛزِ سأری سِر تہٕ بییہٕ دۄ پنٛکھ یتھنہٕ
پیہنٛدِ خأطرٕ کینٛہہ خاص رٔنو صِرف رٔنی زبو کینٛہہ پھوہرِ تہٕ ییلہِ ئہ منگو تمہِ ساعتہٕ دِ
مےٚ ییٚے۔تِمو وۄنہس اِ کیاہ أسی کرو برابری۔

ییلہِ تِمن تتہٕ، کینٛہہ گاٗنٹہٕ گے تمہِ نیوٗ پنُن خاندار أ کِس کوٗٹھرِ مژ تہٕ وۄنس
ژ پژارتہٕ پیٚتی کھکھ وۄنی بَتہٕ۔سوداگر کوٚٹ رۄ دوارِیٚس کالس پژاران یوٚت
تَس تیژ بوچھہِ لٔج زِ سہ وۄتھ تہٕ کوٚرن زنانہِ آلو زِ وٗلی وٗلی اَنتہٕ کینٛہہ کھٮ۪نہٕ خأطرٕ۔
زنانہِ وۄنُس ییکیاہ بَس کینٛہہ منٹ۔أسی چھِ باقے پژھٮ۪ن پژاران
وارِیہہ برٛ وۄنہہ یوٚت آمٕتی گرٛھی آسنی۔تِتھے تِم واتَن تہٕ تِتھے اَنو بتہٕ۔"

"مگر مےٚ لٔج سخت بوچھہِ ئہ ہیکہٕ نہٕ پژ اَرِتھ" سوداگر گٔر وۄنس۔" مے دِ
فور کینٛہہ کھٮ۪نہٕ خأطرٕ۔گرِکٮ۪ن منگ معافی ئہ کھیمہٕ نہٕ تِمن ستی۔"

تمہِ وۄنُس ''تہٕ گوٚ وٹھیک۔ مگر اَتہِ چھنہٕ پھوہرِ بوٚ ورأے کہنۍ۔ اگر تِمے

کھکھ بہٕ گرٛشھہٕ تہٕ اَنےٚ۔''

''اَدٕ کیاہ۔ گرٛشھ اَن تِمےٚ'' تمۍ وۄنُس۔

سو گیہ تہٕ انمن پھوہرِ۔ تمۍ کھیٚیہ تم مزٕ سان۔ییلہِ تمۍ اَکھ تھالا کھتھ موکلوو۔

وُنۍ کبس آومےٚ یمن پھوہرن پولاو کھوتہٕ تہٕ زیادٕ مزٕ۔''

یہِ موقہٕ رُتہٕ زأنتھ وۄنُس تمہِ ''تیلہِ کیازِ چھُکھ ژٕ گرِ ہمیشہِ پولاوے

کھوان؟''

تمۍ وۄنُس جواب ''تِکیازِ مَرن گرِ چھُ میأنۍ مالکےٚ یِی حُکم کوٚرمُت۔''

''ہے بیقلہٕ۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ تسُنز کتھے فکِرٕ ترٛمژٕ'' تمہِ وۄنس۔

''نہٕ۔ نہٕ۔ مےٚ چھُ تمۍ یِی وۄنمُت۔ اَکھےٚ چھےٚ تمۍ جنت گارن مےٚ بیٚیہٕ تہٕ

کینژھہ نصیحژٕ کرِمژٕ۔

تہٕ اَمہِ پتہٕ وۄنُس تہٕ سأرِی یہٕ تَس مالکو اوس وۄنمُت۔

''اَچھا۔۔۔ توٚے چھُتھا ژےٚ گرِ پیٚٹھہٕ وانَس تانۍ وَتہٕ ژھبدُن کوٚرمُت۔

توٚے چھُکھا دوہدِش پولاو کھوان تہٕ پزٕ بتھ ہفتہٕ نوٚ زنانہٕ کران۔ ژٕ چھُکھا پزٕ ے

یُت سیٚودٕ زِ ژےٚ زوٗتھ زِ چأنۍ دانا تہٕ مہربان مالکو کیاہ اوسےٚ ژےٚ یِی کرنہٕ خأطرٕ

وۄنمُت۔ ژٕ ہرگأیی کران روٗدُکھ ژےٚ نےٚ برباد گوھنَس تأرےٚ لگی نہٕ۔ ژےٚ زندگی

پنٛدرِ نپرِی تہٕ لوٗکھ گنہِ گنہِ کرنےٚ۔ بوز یوٗرِ چ گتھ۔ ژےٚ ییلہِ مالکو وۄنےٚ زِ شہلی شہلی

اَسی زِ گرِ پیٚٹھ وان تہٕ وانہٕ پیٚٹھہٕ گرِ گژھان۔ تَسُند مطلب اوس زِ ژٕ اَسی زِ پٔتن کارسلہِ

صُبحٲے وُتھتھ شروٗع کران تہٕ ژیرِ تورٕ واپس یِوان۔ یُتھ ژٕ پایہ جاہ تہٕ بوٗڈمزہ
بنگھ۔ تِمی ووٗنُے ژٕے دوہے اَسی زِ پولاو کھوان تِمی اوسنَے ژ کیہہ یہِ ووٗنمت زِ کھینہٕ
چنس منز گرٕھہِ حد روزُن تہٕ صرف بوچھہِ گالنہٕ خاطرٕ کھیوٗن۔ تِمی ووٗنُے ژٕے پزٕتھ
ہفتہٕ نُو زنانہٕ گرِنی۔ تِمیک مطلب اوس زِ ژٕ اَسی زبنہٕ زنانہِ ہَر ساعتہٕ لور روزان۔ ییلہٕ
ژٕے باسی نُوے زنانہٕ تہٕ اَمہِ ستی باسی ژٕے تَس ستی روزُن سبٹھاہ مزٕدار۔
"اے وائے"۔ تِمی دِژ کریکھ۔ "یُہ کیاہ اوسُس یہِ کران۔ مے کوہہ
بیقلاہ لزی گریہِ اَزتانی۔ میانہِ ببا۔ مے نا اُس نہٕ چانی گتھ فِکرے ژٕہ۔ میانی ٹاٹھہ۔
ژٕے وُنتھ مے دلاٲلی ہنز گتھ۔ یتیمہِ یپور ترٕ اوٕ یہ پنٕز سارِے چارٕی گی۔ مگر ژٕ
سمجھو تھَس نہٕ یُہ مالی سٕرٕن باتِے کتھَن ہُند مطلب۔ یُتھ زَن مے فِکرِ ترے ہِ زِ
کیاہ چھُہ بیہہ گرُن۔"
تِمہِ ووٗنُس "یُہ وَنے ژٕے۔ مگر اَسی گرٕھَو تہٕ گوڈٕ ہمَو میانِس مالِس ماجِہ
روخصت۔ وَتہٕ سمجھاوتھ یُہ ژٕ باتِے کتھَن ہُند مطلب۔"
ییلہِ تِم ووٗنی گرٕگُن پکان اَسی سو پھیرٕ اَکِس زٲرِی پنٕجرٕ کُن تہٕ اَتہٕ ہوٗدن
پَنٕنِس خاوندَس تِموٗ منز اَکہِ پَلہٕ پزٕ بتھ اَکی سٕندِس موکھَس پیٹھ تٕنی درٕہ تہٕ پتہٕ ووٗنُس
"وُچھ یہنز خراب حالت تہٕ خیال تھاوی زِ چون مول اوس یژھان زِ ژٕ گرٕھکھ یہِ پانہٕ
وُچھن۔ یُتھ زِ ژٕ تِمہِ وَتہٕ نشہِ بازروزَ کھیوسہٕ اَتھ حالَس چھےٕ واتناوان۔"
پتہٕ نیوٗن سُہ اَکِس بُڈِس کلوال وانس پیٹھ یُس تِمَن گرِ نکھے اوس تہٕ بڈٕ بن
شرابہٕ مُچن کُن اِشارٕ کران ووٗنُس گرٕھہ کھَس کُنہ اَکِس پیٹھ تہٕ توٗت تانی روزٕزِ

چھوان یۆت تانٛ ژٕنے پۆٚر تسلی تِیِی۔ سُہ کھوت ہیرِ تہٕ دِژِن اَتھ مچہِ نظرا لتہِ اوس تیُتھ پھکھ یِوان زِ سُہ اوسنہٕ اَکِس لحظس تہِ اتھ روزُن یژھان، چینچ چھنہٕ گژھے۔

ہیرِ یۆن وٕستھ وۄن تٔمۍ "اَزی کہِ پتھہٕ چَمہٕ نہٕ بٔہ اَکھ قطرٕ تہٕ شراب۔"

"یی اوسے ژٕنے مول وَنُن یژھان" تَمہِ وۄنُس "تَوے وۄنُے تٔمۍ مَچہِ مژٕ شراب چۆن ہرگاہٕ چۆن یژھکھ۔"

"تۆ زُم، تۆ زُم فِکرِ" تٔمۍ وۄنُس "پَگھ پَگو اَسی گرٕ۔"

(راوی: پنڈت مکُند بابیو۔ سۆتھ سرینگر)



# فقیرِ خدا

دپان یہِ اوس اَکھ غریب شخصا یُس زِ شُری اَسۍ اَکھ نیچو تہٕ اَکھ کوٗر۔ سُہ اوس تیوٗت ہیبنہٕ آمُت زِ تَس اوسنہٕ تِمَن خاطرٕ نَہ ژٕٹ تہٕ نَہ مێٹ تہٕ سُہ اوس زچہِ لاگتھ گرٕ پتہٕ گرٕ نیچھان۔ دہ ہا بنیاو زِ بتہٕ مێٹ ژھانڈان ژھانڈان سمکھ تِمَن اَکھ سبٹھا نیک، توکلی تہٕ گونہٕ وان فقیر تیمِس متعلق یہِ اوس وَننہٕ یِوان زِ تیٚسندِس دُعاہَس چھے ہمیشہ اجابت سپدان۔ یہِ خدا دوست شخص وُچِھتھ کُر تِمو اُمِس سلام تہٕ کوٗرہَس عرض زِ اَسہٕ خاطرٕ کرِتہٕ دُعا یُتھ اَسۍ یِیمہِ غریبہٕ منٛزٕ موکلہٕ ہاو۔ فقیرَن ووٗن تِمَن اکہِ جایہِ ہُنٛدٕ پے تہٕ ووٗنُکھ زِ ہرگا تِم تَتھ جایہِ اکہِ اکہِ اَژن تہٕ سو دِلہٕ تَتہِ اَہی کرَن تِہنٛد مُراد سپدِ پوٗرٕ۔ بتی ووٗنُکھ "دھبس تھاٗوِ زیو زِ صرف منگِ زیو اَکُے چیز" یہِ ووٗنِتھ دژ او فقیر۔

یِمو ترٛیو منٛزٕ ژاپہِ گوڈنیتھ اورکوٗر۔ تمہِ مُژ ردہان تہٕ موٗنگُن پانس خاطرٕ حُسن تہٕ تِم کُر سُند دُعا سپُد پوٗرٕ۔ سو آیہِ ماٗلِس تہٕ باٗیس نِشہِ سوٗ اَس پوٗرٕ یاوُن ہیتھ تہٕ سبٹھا ماٗرٕ منٛزٕ۔ یَس وُچِھتھ بادشاہ، یُس تمہِ ساعتہٕ لپاٗرکی نیران اوس سبٹھاہ متاٗثر سپُد۔ بادشاہ رُکیاو تہٕ تمی آنہٕ کُرنس خاصہٕ گاٗری یو سہٕ قبوٗل آیہِ کرنہٕ۔ اکی نظرِ اکھاُ رکس عاشق سپدی ژتی گے سوار تہٕ دژا ے۔

مگر مأ لس گووڼہ کورِ ہُنڈ تہٕ پأ ٹھی اچانک جُد اسپُدن برداشت تہٕ اُتھ ہتی اوسُنس تہٕنڈِس سبٹھا وقس اَتہِ لڈر روزنس پیٹھ اشتعال کھوٚتمت۔اَمہِ کِنۍ ژاو سُہ شرٛارتہٕ ہوٚتے اندرتہٕ موٚنگُن زِ خدا یے ژھین أمِس نافرمان تہٕ بے وفا کورِ نوسٕور۔یہِ دُعا تہِ سپُد قبوٗل تہٕ بادشاہن یام پننہِ أمِس لولرِ گردِنی پیٹھ نوسٕور وُچھ تُمِس گیہِ تہٕنز دِنَن تہٕ دِژن سوٚ وَتے دأرِتھ۔

اُ خرس پیٹھ ژاولڑ کیہِ اَتھ جایہِ اندرتہٕ کوٚرُن دُعا "میانہِ خدایہ۔مےٚ بخش تہٕ زِ چیز اکھ گوٚ ژھُس ئہ بادشاہ بَنُن تہٕ بیٚیہ گژھم سبٹھا دولت۔"

یہِ دُعا اوس نہٕ فقیر سُنڈِ ہدایتہٕ مُطأبق لہذا اسپُد نہٕ قبوٗل۔

تہٕتھہٕ کِنۍ دِژ اوسُہ شکس لدِ بچھون پننۍ گھر تلہٕ کوٚرتہٕ بے وقوف نِچو ہتہ تِتھے پأ ٹھی پننہِ وَتہِ تہٕتھہٕ کِنۍ تِم آیہٕ أسی،فاقہٕ گھرِ ژھوٚرے تہٕ چھوٚنے۔

(راوی:پنڈت کیلاش کول۔ٹنکی پوٗرسرینگر)



# آن مائٔنی

کٔشیر منز اوس قحط دیو اگادِ گوٚمُت یِیمہِ کِنہِ پزٕ بتہ لٔنڑ ہاہا کار اوس وۄتھمُت۔ تِمَن گرَن منز اوس سبٹھےٕ ہےُ تہٕ ماتم یِمَن ہٕنٛدی ٹاٹھی امہِ بلایہِ گاٹلی ہتی یا اَڈ زُوی اَر گٔری ہتی۔

أتھی وقتَس منز کوٚرٕ ژورو بارنبوٚ سہی زِ أسی ژلوینٕتہٕ۔ اکہِ دوہہ ووٗٹ تِموٚ پانٔس خاطرٕ ضرٛوری ڈیرٕ ڈگہٕ تہٕ درأے سفرس پیٹھ۔ کیٛشہہ منزلا کڈِتھ وأتی تِم أکِس ناگس پیٹھ یِیمیک صاف تہٕ شوٗژ آب وُچھِتھ تِمَن اَتتھ قرار کرنک تہٕ تھکھا کڈنک دِل گوو۔ اَتھ جایہِ اوس اکہِ سبٹھاہ باڈِ ودار کُلیک شہُل یِیمہِ کِنِن زِ تھین لٔنگن لنٛجن منز اوس اَکہ لوٚکُٹ جاناوار خوش پأٹھی گیوان تہٕ بولبوشا کران۔ یہِ أس ووشلا کڈنہٕ خاطرٕ اَکھ خوش پوٗنی جایا۔ أتھی منز تِج تِموٚ یہِ کتھ زِ اَسہِ کیاہ پزِ بڑ وٕنہہ کُن گرُن تہٕ وارِیہَن تجویزَن پیٹھ گٔرِکھ کتھ باتھ یوٚت تانٛی تِمَن گوٚب نٕندر پیٛیہٕ۔ یوٚہے نصف رأژ ہیوٗ گےٚ تِم اچانک کٔنَن منز ترِتھ گرشھوٗنہٕ آوازِ ستی ہُشاریُس زَن أمس لوکٹس جاناوارسُند اِشارٕ ہیوٗ اوس۔ زِ تھی بأے دِیُت ژکھ کھُسِتھ أکِس حُکم زِ ژٕ رٹُن یہِ جاناوار، بیٛیس دوٗنُن شرٛ انچ کڈ تہٕ مارُن یہِ تہٕ ترٛیمس ووٗنُن ژٕ اَن زِ ین سوٚمبرٕ تھ یِتھ زَن أکی یہِ رٔنٛتھ

کھمون۔ساری گئے وُڑھ وُڑھ تھوٚ دوٚتھتھ تہٕ زِٹھس بأے سُند حُکم پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ
دزاے جَل جَل۔

یہٕ جاناوار اوس سبٹھاہ عأقل لہذا توٗ گس پوٗرٕ پأٹھی تہٕ زانُن یہ کینٛہہ ایم
ونان اُسی۔ یتھس کالس ہُم ترٛنے بارٕ ژ پٕنٕنۍ کأم پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ دزاے اُمی وۄن
اُمس زِٹھس ''توٚہی کیا زِ چھوے رٔٹِن یژھان؟ ژٕ نے گتھ کیٚتھ وۄنُتھ یمن شژ اکہٕ
پچ تہٕ زیٚن انُن۔''

اُمی جوانٔن وۄنُس ''مے چھُ اِرادٕ ژ مارنس تہٕ پتہٕ تُلتھ کھنٛبٕس۔''

خوفہٕ ستۍ تھٔرٕ تھٔرٕ لٔرِ لد آوازِ منٛز منٛجس اُمی کمزور جاناواران زوٗچ بخشأیش۔

''ہے مے بخش تو۔ مے ترٛأوی توٚبہٕ ہاوٚ وتوہہِ اکھ یوٚ ڈخزلنہٕ۔''

اورٕ وۄنُس اُمی نفرن ''اچھا تہٕ گوو سبٹھاجان۔ بٕہ تژ اوتھ ژ ہرگاہ ژ پنُن وعدٕ
پوٗرٕ کرِ کھ۔''

''اچھا تیلہِ بچاس بٕہ۔ کھٕنو تیلہٕ یتھ گُلی گوڈس أندی أندی تہٕ توٚہی لبو بارستہٕ
خزلنہٕ'' جاناوارن وۄنُس۔

یمو بارنو کوٚرِ ی تہٕ لوٚبکھ یہ زن جاناوارن وۄنمت اوس۔

اُسی کیا زِ نیرٕ وے وۄنۍ سفرس۔ اَسے چھُ وۄنۍ سبٹھا خرچُن تہٕ یتھ پلہٕ
گرُن سُٹب۔ اَسہِ پزِ واپس پنُن وَطن گوٚژھُن۔

بیٚیہٕ خانداٗنکی ژور بأے تہٕ اُسی تتھ بُڈس مکانس نکھہٕ بسان یتہٕ یم ژور امیر
بأے وۄنۍ روزان اُسی تمو تہٕ بوٚز کتھہٕ تانۍ پأٹھی یہ لگے معاملازِ کتھہٕ کنۍ ہیچ یمن پیٛژ

دولت تِمَن تہِ اوس قحطن وو گتہٕ اۆ نُمت تِمو تہِ کوٚر اَتھ ناگس پیٹھ گوھنگ اِرادٕ ییٚنہٕ
ہُمَن دولت اَس میچھرٕ۔ تُتھ پتّن تہِ قسمت آزماوٕہَن۔ تِم دژاے تہٕ لوٚبکھ سہ ناگ۔
بَڈ کُلہِ کِس شہلِس تَل دِتُکھ تھَکھ۔ اتہِ بوٗز کھ جانا وار سُنٛد موٚر بولبوش تہٕ وومیدٕ تہٕ
تجُسس کِنٛز ؤتِھکھ عارق۔ چھیکرس تہِ دِیُت یَمو منٛز زِٹھی ہوی پننٕ نَنن بایَن تِتھے کِنٛز
کرنُک حُکم یتھ کِنٛز زَن گوڈنچہِ جمأ ژہنٛدی زِٹھی بأے پننٕ نَنن بایَن دِتُمت اوس۔ مگر
تِمو مون نہٕ تُسنٛد۔

أکر وۆنُس ''بہٕ ہکہٕ نہٕ گژھتھ۔''

دۆیِم وۆنُس ''بہٕ کتہٕ اَنہٕ وۆنٛی شرٛاپچ ؟''

ژٕیِم وۆتھُس ''بہٕ چھُس پانس سخت تھوٚکمُت۔ بہٕ ہکہٕ نہٕ زِیُن اَنتھ۔
گژھ اَن پانے۔ یِیلہِ أمی لوٕکٕٹ جاناوارن یِہنٛدی نہ کرٕنکی تہٕ نہ مانٛنکی ژھرٕ ٹھ دِچھ تِم
وۆن زِٹھس بأیِس کُن۔ ''گِژھو واپس، تِہنٛزٕ کۆشِش چھےٚ بے فأید۔ توہہِ میلہٕ نہٕ توٚت
تانٛی کِہنی یوٚت تانٛی نہٕ توہہِ ماٗنِن زانٛن آسہِ۔ یِم نفر توہہِ بزٕ وُنہہ یوٚت آے تِم سپدٕ
اَمہِ کِنٛز کامیاب زِ تِمَن أس موٗٹھ۔ تِمَن اوس کُنے اِرادٕ، کُنے سوچ، کُنی نظر کُنے بوزُن
تہٕ کُنے جسم۔

(راوی: رحمان چھان۔ سرینگر)



# فتح پورٕ ژیُگ پیر

اکہِ پھرِ گوواکھ پیر اَکِس گامَس منٛز پننٮ۪ن مریدَن۔ سُہ یام اوٚر ووت
تَس دژاے سأری بُتھہِ تہٕ سارِوے ووٚنُس زِ اَسی سوزووے بتہٕ۔ ووٚن یِیلہِ کالُک
وقت ووت پژٛ بتھ کأنسہِ سوٚنچ زِہمی نتہٕ تیمی آسبس سوٚزمُت تہٕ ہتھہٕ کٔز ترٛاو
سارِوے کھتھے۔ نتیجہٕ دژاو زِ پیرَس ووت نہٕ کہنٛہ تہٕ لوٗگ فاتے۔ ووٚن ماہنیکہِ ہے بچھنہٕ
تہٕ نیٖرتھ تہٕ ماشوبہِ ہبس تہٕ۔ راتھ کیٚتھ کیٚڈن ژھٹھ تہٕ ژھٹہٕ جوٚنوٚ ستی اوس تمہِ مَسجدِ ہُنٛد
درواز پھری پھری مژ راونہٕ یوان ییتہٕ سُہ ٹھہرتھ اوس۔ پژٛ بتھ وِزِ اوس تَس باسان زِ
کانٛہہ آواورٕ تہٕ اوس تھوٚد گرِ ھان وُتھتھ مگر اَس یہِ ژھٹہٕ یأژ۔ صُبحس کیٚتھ پے تہٕنٛدی
مُرید تَس نِش وأتتھ تہٕ پژٛ ژھہس راتھ گژاُروا آرامہٕ سانے۔ مگر تمی یِیلہِ توٗرِ تہٕنٛدِس
نہ واتنس پیٚٹھ بوٗاُری گُرکھ تہٕ تموٗ لاج اَکھا اَکِس ستی ہر گرِنی زِ ژے نتہٕ ژے کونہٕ
اوٚنُتھ بتہٕ۔ تہٕ اَکھا کی ہنٛدِس پیرَس لاجکھ لبکہٕ پرنہٕ۔

"کولہٕ گرمیہِ چأنس پیٖر ہنٛزِ کورِ۔ چأنس پیٖر ہنٛز کورِنی تن ہوٚنی۔ چأنس
پیٖر ہنٛزِ کورِ گری تن وارِ بہہ رأنی۔ تتھی ناسزا تہٕ ژانگہِ دِژٕ ونہٕ لبکہٕ روٗدی تم اَکھا اَکِس

ژاران۔ ژکہِ آسہٕ یمہٕ سارے لکبہٕ پیٖر ہے وَسان۔ سُہ گووشُوٕ زدہیُوٕ تہٕ پکوز چن ...
دِتھ تھاوٕن اَتہِ دَگ۔

(راوی: وَرمُلِس نگھہٕ کھاڈِ نیارُک لال سنگھ۔ فتح پوٗر چھُ بانِگل پرگنُک ...
گام۔ ترتیب کارَن چھےٚ حاشیس منٛز تہٕ تھمن پیٖرَن پٹ کڈٕمژ۔ یم چھِ جاہل، لار...
تہٕ خودغرض۔ لوٗکھ چھِ یمَن سخت قدر کران تہٕ یہنٛدِس دعایہِ خاطرَس خدالیس نش قبول...
مانان۔ ہرگانہٕ تہِ آسہِ یم سیٚدی ساد تو ہم پرست گامی لوٗکھ گتہِ اَنَن یمَن ایمان۔)



# داناحاکم

## (I)

دوہہ اکہ اوس حاکم دربارس منز بیٹھ زِ اَکھ کاو آو وُڈان وُڈان لنڈ رتہٕ لوگُن سخت شور۔ اَتہِ یم نوکر اُسی تِمو ژھُن یہِ دوہِ تریِہ پھِرِ اَتہِ کَڈِتھ مگر یہِ رُد دتوتہٕ اُڈِرِ اڑان تہٕ گوڈ رِنکی پاٹھی زورِ زورِ ''کاو، کاو'' کران۔

حاکمن وۄن ''ضرور پچھے اَمِس کینہہ شکایت؟ یہِ گرِ معلوم زِ معاملہٕ کیاہ چھُ۔''

لہٰذا آوا اکھ سپاہ اَتھ تحقیقات کرنہٕ خاطرٕ سوزنہٕ تہٕ تِمے اَتہِ رولنہٕ سِپُد کاوَن لوگ اَمِس بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ وُڈُن تہٕ ووت گری دوراینہٕ اَکھ گُنٹِل اَکھ پھرس اوس تھلان یمہٕ چہ اَکس لنجہِ پیٹھ کاوَن اول اوس بنومُت۔ تِمے یہِ جاناوار اَتھ گُلس نِشہِ ووت تہٕ اَمی لوگ سبٹھا زورِ زورِ کاو کاو کرُن تہٕ امہِ پتہٕ تُجن پنہٕ نِس اُلس نِش وُپھ۔ سپاہن وُچھ جلدٕ ے زِ معاملہٕ کیاہ چھُ تہٕ گُٹِلس دِتُن حُکم زِ سہ گرِن کام بند۔ واپس آو تہٕ وۄنُن سورُ ے حاکمس۔



## (II)

بیٚیہِ دۄہہٕ تہٕ اوس حاکم دربارس منٛز زٕ نفر آے تہٕ گٔرِکھ پننۍ دعوا پیش۔ تم دۄشوٕے ٲسۍ اَکس بچھیرس مالک لاگان۔ یہِ اوس اَکھ عجیب معاملا۔ تم ٲسۍ شہر باش تہٕ مُلکی طور طریقہٕ کنۍ ٲسکھ پننہِ کھارچہِ نیٚو ررچھنہٕ سوزمٕژ۔ دۄشوٕنۍ کھارچن اوس اَکھ بچھیرٕ ستۍ۔ یٚیلہِ تمہٕ گلوانس حوالہٕ آسہٕ تمٕنے دۄہَن پیٚایہِ یمہٕ دۄشوٕے یکوٚمٕژ زاو اَکس موٚمُت بچہٕ تہٕ اَکھ اوس زِنٛدٕ۔ وۄن گوویُس بچھیرٕ پتہ کن رۄدُسہ اوس دۄشوٕنۍ کھارچن دود چوان۔ گلوان تہٕ اوس نہٕ تمہِ وَقتہٕ اَتہِ یٚیلہِ یمہٕ کھارچہِ پیاہٕ آسہٕ تہٕ سُہ یٚیلہِ آو تہٕ تُمۍ وُچھ یہِ۔ سُتہِ ہیوٚ کنہٕ یہِ وٕنتھ زِ یہِ کُمِس گُرِ ہُنٛد بچھیرٕ چھُ۔ خار تیٚلہِ وۄنۍ نیٚرِ واپس وچھٕ وارِکۍ وارٕ ژتہٕ گُربن ہنٛدی مالِک گُری والنہِ کھٕتۍ۔ دۄشوٕے لوگ بچھیرس مالِک۔ یٚیلہِ نہٕ دۄیو منٛزٕ کانٛہہ اَکھا تہِ بے سُنٛد ماننہٕ خاطرٕ آماد سپد تمہٕ کنۍ ہٕ فاصلہٕ حاکمہٕ سنٛزِ عدالتہٕ پیٹھ۔

کینٛژ ھا سرنا سوچناتہٕ کتھا باتھا کٔرِتھ دِیُت حاکمن یمَن حُکم زِ دۄشوٕے گُر تہٕ بچھیرٕ نیٚو کھ دٔریاوَس پیٹھ۔ بچھیرٕ بٔریوٚن ناوتہٕ واتناوِیوٚن سمنٛز دٔریاوس۔ یوٚہے اَمِس بچھیرٕ سنٛز موج آسہِ سو ژھنہِ اَمِس پتے آبَس وۄٹھ یٚیلہِ زَن بیٚا کھٕش بُتھ سے پیٹھ روزِ۔ تہٕ تتھہٕ کنۍ لٔد یاوِیہِ مقدمہٕ۔

☆☆

# (III)

اَکھ شخصیا اوسنہٕ پننہِ ماجہِ ہنٛز کفالت ذِمہٕ ہیوٚن مانان۔ سوٗ اُس موٗنڈ تہٕ بیٚیہ اوسُس نہٕ کانٛہہ نیٚچوا۔ اُمس بےآسرٕ زنانہِ بچارِ اوسنہٕ کہنٛہ تہِ فکرٕ تران زِ تَس کیاہ پزِ کرُن تہٕ گیہِ حأ کمس نِش تہٕ تَس برٛ ونٛہہ کنہِ نمتھ کوٚرُن عرض زِ مےٚ کرتہٕ مدد۔

''میانہِ آغہٕ بہٕ چھس اَکھ موٗنڈ مسکین تہٕ کنے نیٚچو چھم یُس مےٚ کینٛہہ کھینہِ خأطرٕ تہٕ کینٛژھاپلو دَلو دِین چھنہٕ مانان تہٕ اَکھتُے چھم نہٕ پننہِ نِس مکانہٕ کِس کنہِ کوٗنُس کُن تہٕ لَر تژ اونہٕ دِوان۔ بہٕ کیاہ کرٕ۔ کأم چھس نہٕ ہیکان۔ اُچھو تہِ چھم جواب دِتمت تہٕ ہیکتھا تہِ چھم نہٕ کہنٛہ۔ توٚہی چھو پننہِ دلأیِ تہٕ سوچہٕ سمجھہٕ کنٛ ناماوار۔ لہٰذا لأوِ توٚمےٚ کانٛہہ سبیلا۔

تمی بوٗزِ شکایت تہٕ زِتھ بلاونو حأکمن اُمس بچہِ ہُنٛد نیٚچو تہٕ سخت ہوٗ اُری کرنُس زِ ژ چھکھ نہٕ ماجہِ واتان یُسُند نہٕ زِہیے تہٕ قرض نکھہٕ وٗسی۔

''بہٕ دارِ نہٕ اُمس کہنٛہ اُکی جوانن دِتُس جواب ''اَمہِ چھنہٕ مےٚ زانٛہہ تہِ دوٗ میریا دِژمِژ۔ اَتھ برعکس دارِ مےٚ یہے وارِ یہ کینٛہہ۔ مےٚ چھُ گوڈے تربن وُرِین اُکی سُند خرچہٕ برداشت کوٚرمُت تہٕ ووٗنی ہیکَس نہٕ بہٕ اَمہِ ہُریمانہٕ کہنٛہ تہِ کرِتھ۔ مےٚ چھُ ووٗنی پننٛ عیال پننٛز شُری یِم مےٚ پالنی چھِ۔

''تھوٗ ژےٚ'' حأکمن ووٗنُس ''یہٕ چھا ضروری زِ بہٕ وَنےٚ ژےٚ کوٗتاہ قرض چھی ماجہِ ہُنٛد؟ آ۔ برابر چأنی زندگی چون صحت تہٕ چون طاقت تہِ۔ ژےٚ کُس اوسے برابر نوٚن رٹِتھ پانٔسے سےٚتی تلان۔ ژےٚ کُس اوسے تیٚلہِ دوِیہ پھرِ بَب ژٕ ہنٛز دِوان۔ ژٕ کمی ہیچھنو ونگھ پکُن، کمی ہیچھنو ونگھ گتھہٕ کرِنی، کُس اوسے ژےٚ سہ کھینہٕ دِوان یُس

ژےٚ مُنأسِب اوسُے۔ گُمر رۄ چھکھ ژٕ خبرٕ کتی دَب لگنہٕ نِشہٕ،خبرٕ کتہٕ پھِرِ دَزنہٕ تہٕ ژ
لگنہٕ نِشہٕ۔ژےٚ خأطرٕ کُس اوس دانہٕ مُنان تہٕ ڈٕرِی یہِ وادَن اوسُے کھٔمن تیار
دِوان یوٗت تانی ژٕ کھاندرس ووتکھ تہٕ پَتہٕ یمہٕ چیز کرنہٕ خأطرٕ زنانہٕ أنی تھٔن۔

''مگر یمہٕ چیز چھےٚ پرٕ بتھ کانٛہہ زنانہٕ کران تہٕ گرٕن چھُس خوش گوھان
جوانَن ووٗنُس۔ ہرگانہٕ سو یہِ گرہے سو گتہٕ ییٚژھہِ ہے زِنٛدٕ روزُن تہٕ۔''

''تہٕ چھُ کُنہٕ حدس تانی پوٗز۔مگر'' اَتہِ گرحأ کُمَن ژھوپہ تہٕ اَتہِ حأضِر أکر
وزیرَس کُن پھیوٗرتہٕ تِمس دِتُن حُکم زِ ییٚمِس ناشکر جوانس اَتھہِ مُناوژور سیر دانہٕ
اَتھ دوران تھاوُس یڈٕ ستی اَکھ مَشک گنٛڈِتھ تہٕ ہرگانہٕ أمی ٹھیک پأٹھی تہٕ ڈٕلی ڈٕلِیہ کا
گرتیلہِ وأکی زبس ڈرٕ۔

یہِ نفر تھوٗک جلدِ ےتہٕ بُتھس کھوگرڈِنی ووٗتھُس عأرق تہٕ أخرس ہیوٗ کُن
مُہل تہٕ تُلِتھ تہٕ دانہٕ اوس وُنہٕ اَڈٕ دوٗلےٚ۔ٹھک ٹھک،ٹھک تِمس أسی ننبن شانن
وَسان۔مگر اَمہٕ ستی تہٕ سَپدِ نہٕ کھنٛی سہٕ ہیوٗ کنہٕ دوٗ ییم لو تہِ مٔنِتھ۔سہٕ آ وٗ اَمہٕ پَتہٕ حأ
نِشہٕ نیم مردہ حالژ منز ننہٕ۔

''مےٚ چھی نہٕ ژےٚ بییہٕ کھنٛی تہٕ وَنُن'' حأکمَن ووٗنُس ''ژےٚ ہیوٗ چھُنہٕ
کینژھاہ زَن چانہٕ ماجہِ چانہٕ خأطرٕ گرِتھ چھُ دِتمُت۔گرٕھ والس ووٗنی رٕژ کا
رٕتہِ خو لقہٕ ستی قرض نکھہٕ۔''

(راوی: پنڈت لال چند، کھنموہ پرگنہ دچی)

# (IV)

اَکھ مسلمان دارِ ہے اَکس بٔڈس کینٛہہ روپیہِ مگر سُہ اوسُس دِنس انکار کران۔ اَخرس آو معاملہِ حاکمس تانی واتناونہٕ یمی دوشوٕنی ہِنز گتھ بوٗزتہٕ پتہٕ تھاوِن دونوٕے الگ الگ کمرن منز۔ رژھہِ کھٔنڈی کوٗرُن بٔڈس بلاونک حکم تہٕ پرژھنس ژھکھا یہِ گتھ پوٗز وونان۔ بٔڈن دیُتنس آنکارس منز جواب۔

گورنرَن ووٗنس "رَژھ تیلہِ یہِ شرٛاکہِ پۆچ تہٕ گژھ ژٕ ژھ اَمہِ سٕتی بددیانتی خاطرِ اَمِس نَس۔"

مگر بٔڈن مَنجِس معافی تہٕ ووٗنس زِ مےٚ چھِنہٕ یمَن روپین ہُند تیوٗت پرواے زِ بہٕ کیاہ ژٕ یمو خاطرِ اَمِس نَس۔

اَمہِ پتہٕ کوٗرُس حاکمن حکم زِ گژھ ژٕ پننہِ جایہِ واپس تہٕ ییلہِ سُہ لتہٕ نیرتھ دوٗریاو پہن یتھ نہٕ سُہ اَتیچ گتھ بوٗزتھ ہیکہِ ہے تہٕ انوٗون مُسلمان تہٕ پرژھنس ژٕ دارِ کھابٔڈس کینٛہہ۔ اَمی کوٗرُس اَتھ انکار۔

"رَژھ تیلہِ یہِ شرٛاکہِ پۆچ تہٕ گژھ ژٕ ژھ غلط راہ کھالنہٕ کِنہٕ بٔڈس گن۔" ووٗنس حاکمن۔

اَمی کمیٖن روٗٹ شرٛاکہِ پۆچ تہٕ دژاو اَمہِ اراد اَتہٕ۔

مگر حاکمن بُلووسہ واپس تہٕ ووٗنس "تھاو تورمےٚ فِکرِ۔ ژٕ دِیٛس سُہ رقم

یُس ژٕ ے سٕہ منگان چھی تہٕ بیٚنہٕ جُرمانہٕ تہٕ ۔ مَہ وَن مےٚ زیادٕ اَپُزٕ ۔ سُہ نفر یُس
پانسہٕ ہِوِس زُوذٲ ژٕ معمولی (رقمہٕ) خاطرٕ گن ژٕٹنس پَرٛشنہٕ تُمس پَرٛنہٕ پرٛ ش گرٕزی ۔

(راوی: مہتر شیر سنگھ کارگزار گورزس



# تہٕنٛد کُنے لعل

دپان پَتھ کالہِ اوس اکھ بادشاہ یُس پنٛنِ نیچو تہٕنٛدِ اسرافہٕ تہٕ رذالتہٕ کنہٕ کٔڈتھ ژھُنن پیو۔ شہزادہ دراو مُلکہٕ منٛزٕ تہٕ تَس اُسی ترٛے یارٕ ستی یمہٕ نہٕ تَس نِشہِ بیوٗن اُسی سپدان تِمَو تُل پانس ستی سفر خرچہٕ خاطرٕ اَکھ لعلہٕ ٹھیلہٕ۔ بدقسمتی کنہٕ ییلہِ سُہ تہٕ تہٕنٛدی یار اکہِ راتھ ژھِشونگتھ اُسی تَس نیوٗکھ یہِ ٹھیلے ژٔوٕرِ۔ ووٗنی اوس یمو منٛز کُس تانی اَکِس نِش صرف اَکھ لعل۔ شہر واتتھ دراے یم ژٔشوے یار بازر لعل کِننہٕ خاطرٕ۔ تِم اُسی اَکِس سوداگرس ستی اَمہِ کِس قیمتس متعلق دَرکہٕ دَرکھ کران زِ اَتھی منٛز اوس لیاٗرکھ اَمہِ مُلکُک بادشاہ پکان۔

بادشاہن پرٛژھکھ "توٚہی کیاہ اَتہٕ کران؟"

"بادشاہ صاب اَسہِ اوس اَکھ لعل کِنُن مگر اَسہِ چھُنہٕ تِتھ کانٛہہ نفر اسمکھان یُس تیٛزت امیر آسہِ ہے۔ زِ اَتھ ہیکہِ ہے ہیتھ۔" شہزادن دِتُس جواب۔

بادشاہن ووٚنکھ "تلہٕ سامنے ہاوِو۔"

ییلہِ بادشاہن یہِ خوٗبصورت لعل وُچھ تِمو دوٗپ یہِ گوٗژھہ مے آسُن اَمہِ کنہٕ

رؤٹنکھ ہیتھ زِیہ چھُ میوٗنے تہٕ ضروٗر آسہِ أمی شہزادن میانہِ خزانہٕ منٛزٕ ژوٗر رِنمُت۔ تِمَو وۄن ہکہٕ ''یہ چھُ میون۔ مےٚ پزٕ ژنو دیہ۔ یہ آسو توہہِ ژوٗر رِنمُت۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ أمس ستہِ فوجی جمأژہِندس زِٹھس کوٚر تِمَو حُکم زِ ژٕ تھاوُکھ یِم توٚت تانی بندیوٚت تانی أسی اَتھ تحقیقات کرَو۔

شہزادٕ تہٕ تِمی ہِندی دوس گےٚ (أمی سُند) یہ وٕطیرٕ وُچھِتھ حأران۔

تِمَو ووٚنُس ''بادشاہ صأب۔ سأنی تہِ بوزِ کتھ تہٕ ژےٚ بدلی اَسہِ متعلق رأے۔ أسی چھِنہٕ ژوٗر بلکہِ چھِ دیانت دار۔ اَسہِ منٛز چھُ اَکھ تِمس بادشاہ سُند نیچوٗیس چانٛی ہِش دولت، عزت تہٕ طاقت چھُ۔ تِمہِ ملکہٕ منٛزٕ کڈنہٕ یِنہٕ کِنی چھُ سُہ ییٚتہِ دَربدر پھیران۔ تہٕ باقٕے سأری چھِ أسی تِمی ہِندی دوست یِمَو تِمی ہے پَتہٕ پَتہٕ پکنُک فأصلہٕ چھُ کوٚرمُت۔ اَسہِ سارِنے نِشہِ چھُ بس یوٚہے صرف اَکھ لعل۔ یہ مَتہٕ ہِنتہٕ اَسہِ۔ أسی چھی زارٕ پارٕ کران۔ اَسہِ چھُ ووٗنی روزنہٕ زونہٕ کرنہٕ خأطرٕ بَس ییٚتے۔

تِمَن پیٹھ رحم یِتھ کوٚر بادشاہَن یِمَن یہ وعدٕ زِ لعل یِیہ یِمَن واپس دِنہٕ ہرگاہ تِم سہ ڈبہٕ پزٕ ژناوِتھ ہکَن یتھ منٛز سُہ لعل آسہِ۔ بادشاہَن بناوناوی پانٛژھ ڈبہٕ تہٕ پزٕ تھ أکِس منٛز تھووٗن اَکھ لعل تہٕ یِمَو منٛزٕ أکِس ڈبس منٛز تھووٗن سُہ لعل تہِ یُس شہزادٕ ہِندِس دوستہٕ سُند اوس۔

ییٚلہِ ووٗن ازمأیشہِ ہُند وقت ووت شہزادٕ تہٕ تِمی ہِندی بوسأ تھیولٕاج منگہٕ منگ کرٕنی یُتھ زِ خدا ہوٗ زِن اَسہِ سِپدن سُہ ڈبہٕ یتھ منٛز سون لعل چھُ پزٕ ژناوُنس منٛز مدد۔ تہٕ یام تِمَو دُعا موکلوو پرٕتھ تِتھے آو سُہ ڈبہٕ پانے مُژراونہٕ۔ اَتھ کتھِ پیٹھ حأران تہٕ خوش

گرٕ ہتھ دِیُت بادشاہَن تَمن نہ صرف پُٔنُن لعل واپس بلکہِ دِتی نگھ بیٚیہِ ہُم ژورلال تہٕ تہٕ بیٚیہِ کوٚر رنگھ پنٕنہِ نس محل خانس منٛز روزنک سال۔ اَتہِ پوٚک شہزادٕ تتھہٕ پأٹھی تہٕ بنٛیاو سارِنٕے ہُنٛد ٹوٹھ۔ یُتھ زِ بادشاہَن دِژ تَس پنٕنٛز کوٗر رنیترٕ کرِ تہٕ بنوٗدُن پُٔنُن وأرِث۔ یِیلہِ زَن تُمی سٕند بن سأتھین بٔڈی عہد دِنہٕ آے۔

(راوی: پنڈت آنند رام۔ رٕنی وور سرینگر)



# شالہٕ جمادار

اکہِ دوہہ سمے شالہٕ جماتھ یتھ زِ تِم پانَس خاطرٕ بادشاہ ژارِ ہَن۔ یِہَن اوس
پَٹَن بادشاہ، ژِترٕ بزارِ بن پَٹَن، ترٛ ونزبن پَٹَن، رامہٕ ہونین پَٹَن، ہونین تہٕ باقی
جانورَن تہٕ أسۍ پَنٕنۍ پَنٕنۍ بادشاہ۔ تو سوٗنچ یِمو زِ اَسہِ تہِ پزِ پَٹَن بادشاہ بناوُن یُس
سون زیٛٹھ آسہِ یَس أسۍ مشورٕ ہیمو تہٕ اَسہِ وَتہِ ہاوُک بَنہِ تہٕ بیٚیہٕ جنگس منٛز سون علمبردار
آسہِ۔

بُڈٕ شالَن یَس اجلاسٕچ کاروٲیی شروٗع کرِنٕچ باہَر زَن اُس دوٗن
''ژأر یُن پَٹَن بادشاہ۔''

اَتھ پیٛٹھ تُل سارِوے شالو شور ''ژٕ چھکھ سون بادشاہ، سون بادشاہ چھکھ
ژٕ۔ ژٕ چھکھ اَسہِ سارِنے زیٛٹھ تہٕ تجربہ تہٕ چھی سارِوے کھوتہٕ ژوٗر۔ ژے کھوتہٕ
کُس ہیکہِ اَسہِ حکوٗمت کرنہٕ خاطرٕ مُناسب أستھ۔''

بُڈٕ شالَن کوٗر اقرار تہٕ باقیو زِ شہِ نوٗن روزنہٕ خاطرٕ دیوُن پَنٕنہٕ جزنیوٗل رنگ
تہٕ بیٚیہٕ ترٛ ووٗن اکھ پزوٗن پھٕٹمت شُپ گردِنی الونٛد۔

اکہِ دوہہٕ اوس یہِ بادشاہ پَنٕنِس علاقس چکرا دِوان تہٕ یتی اُسِس سبٹھاہ

تعدادَس منز رعایا شال تہٕ أتھِ منز گیہِ اَکھ ژِترٕ بڑار پأدٕ تہٕ ترٛ وونکھ جوٗنٹہٕ۔ سأری شال ژٕلِ تہٕ پٔژن بُڑٕ بادشاہ گوکھٕ مُشتھے۔ أمی بادشاہَن تہٕ کرٕ اَکس تنگ گوپھہِ کُن ژٕلنچ کوٗشِش مگر افسوٗس گوپھہِ گُلِس اَژٕ وُن گووٕ تِمس شُہِ کھَلرِ منز گلہٕ بندیوسہٕ تَس گردٕنی نٲلِ أس۔ یِہُنٛد یہِ زِیُٹھ اَتھ حالَژ منز وُچھِتھ روٗٹ یہِ ژترٕ بڑارِ تہٕ نیوٗن یہِ پننہِ کچھارِ (گوپھہِ) منز ییٚتہِ أمی یہِ رَزِ گنٛڈِتھ تھووٕ تھُنہٕ یہِ ژٕلِتھ ہیکہِ۔ مگر کِہے کٲلِ ژوٗل یہِ شال تہٕ ووت پننہٕ نَن رعایَن منز یِمو بیٚنہٕ یہِ یوٚژھ زِیوٚ ہے روزِ یِہُنٛد بادشاہ تہٕ کرِیَمن حکوٗمت۔ مگر أمِس گَتہِ اوس ووٗنی طماہ روٗ دمُت اوے ووٗنُکھ در جواب "شکریہ، شکریہ، بٕہ چھُس اَمہِ ورأی ٹھیک زندگیہ منز اکہِ پھر بادشاہ بَنُنے چھُ سبٹھاہ۔"

(راوی: منکُند بابو۔ سوٗتھ سرینگر)



# کرٛہنیٚ دأر تہٕ چھرٕ دأر

دۄن نفرن، یِمن وأنسہِ کنہِ پانہٕ وأنی واریہہ فرق أس اوس یارلنہٕ۔ یِم أسی ہروزِ اکھأ کس ءتیٚ آسان تہٕ اکھأ کی ءشدی أسی بِرِ بأج۔ یِمو منٛزٕ یُس دأنہٕ کنہِ زِیٚنٛٹھ اوس تَس اوس اصل ریشہِ خطایوٚہَے کاو پٔکھ ہیوٚ مگر کأنسِس ہوس اُس چھرٕ دأر۔

"ژٕ اکہِ پلہٕ میانہِ دوٚ گنہٕ وأنسہِ چھُکھ ژے کیاز نہٕ ازتانی دأرٕ چھتھ گتھ وأنی کأنسی ہوی یارن بیٚیس کُن ییٚلہِ یِم چکرس أسی وڑاتی۔"

بے ژِس جواب "میانہِ یارأیہ وَنے اَمیٚک بِر۔ میوٚن گرٕ چھُ جنت تہٕ میانہِ آشنی چھےٚ امہِ جنٛتک خوش پوٚن گُل ییٚمہِ چن لنجن پڑ بتھ وِزِموٚ چھِ آسان۔ مطلب خوشی تہٕ آرام۔ اَمچہِ پھُلیہِ ہنٛز خوش بوے چھےٚ گرس لول تہٕ تقدس بأگران۔ پٔتہٕ روزن جایہِ چھُنہٕ اِنسان ؤلی ؤلی بڈان۔ پٔکھ تہٕ وُچھتہٕ میوٚن گرٕ۔"

کوٚنس ہیوٚ گوٚ فورَن تیار۔ پوٚز گوٚ دیہِ ژتَس اوس اُمِس بزرگہٕ سنٛز گتھ پٔتھ شکھے ہیوٚ باسان تِکیٚازِ تٔمی سُند پٔنن تجربہٕ اوس اَتھ بلکل متضاد۔ اَمہِ پتہٕ برابر گرٕ واتَس

تاںٕ رٕ دِ یم باقٕی کتھا باتھا کران۔ اور وأتِتھ کڈ کرٕ ہنٛز دارِ وأل رُمال۔ یتھ منٛز سکھ

بُرتھ أس تہٕ پلنأوِن زنانہِ گن تہٕ وۄنُن یتھ کر ژوچہٕ تہٕ پانہٕ أسی نیٚبرِ کنٛز چکرا

کران۔ اَمہِ رٕژِ زنانہِ دِیُت زنتہٕ پننہِ عقلہِ قُلف تہٕ یہِ گژھ تھاوُنہٕ نہٕ ذہنَس منٛز زِ

یہِ چھُ ناممکن۔ تتُند فرض اوس یِی زِ سو گرِ تہٕ کرِنٛچ کوٗشش یمیٚک تس پننٛز آغن حکم

کوٗر۔ ''ڈٲلی کمن تہٕ یہِ سَپُد'' تٔمۍ وۄن پانس تہٕ ڈبکہٕ مُورِتھ لاژن یہِ کام کرنۍ۔

ہُمو موکلوو چکراو کرا کرِتھ تہٕ ژاے واپس گرٕ۔ أمۍ بُزرگن پٕرژھ زِ گیاسو

ژوٹ تیار۔

''نہ حَضرٕ۔ مےٚ کرے یہِ پننٛز کنٛز سبٹھا کوٗشش مگر لٔد یام نہٕ کہٕنٛز۔ یہِ نہٕ

ناراض گژھ ہَم۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ ہیوٚک نہٕ مےٚ کہٕنٛز کرِتھ۔'' زنانہِ وۄنُس اوٕر۔

اَمہِ پَتہٕ ہوو أمۍ بزرگن پننہِ نِس یارس لٔد گن پھِن پننہِ خاطرٕ تہٕ وۄنُس۔

وُچھتھا میأنۍ زنانہٕ کژاہ حلیم چھےٚ۔''

تٔمۍ وۄنُس'' آ۔ بےشک''

''مگر یہٕ ہاوے ژےٚ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ أمۍ سنٛز حلیمی تہٕ برداشت'' وۄنُس أمۍ

بزرگن تہٕ اَمہِ پَتہٕ پننہِ زنانہِ گن پھیرِتھ کوٗرن تس حکم زِ ژٕ کھس کأنی پیٹھ تہٕ تتہِ یم

ہند وبند چھِی تَم وال یٕوٗرٕ'' زنانہٕ وۄژھ تہٕ کھٕژ ہیوٚر مگر تتہِ وُچھن اَکھ ہند وبند۔

یھوے ووُلن تہٕ تھووُن خانہٕ دارَس برٕ وُتھِہ گنہٕ۔ تمہٕ سوٗنٛچ یِی زِ أمۍ اوس شاید یہٕ بٔلکہ

وۄنمت۔ أمس اوس پتاہ زِ تتہِ چھُ اَکھ ہند وبند مگر پزُھس نِش عزت رچھنہٕ خاطرٕ

دِتُن یہِ باس زِ تتہِ چھِ وارِ یہِ۔

ژُمی وۆنُس "ہیوٚر کھَس تہٕ بوٚ ڈہیوٚ (ہند وہند) وال"

زنانہِ ژُل یہِ ہند وہند تہٕ پَتہٕ وولُن واپَس

"تَتہٕ چھی کرنجہِ منز یہِمہِ کھوتہٕ اصل ہیو۔ گرٕ ھسے اَن" ژُمی وۆنُس۔

زنانہِ کھۄرٕ تہٕ تورٕ وُٹہ یوٚ ہے ہند وہند ہتھ واپَس۔ دَہہِ پھِرِ دِیت اُمس اُمی یوٚ ہے حُکم گراا کہِ آیہِ تہٕ گرابینہِ چالہِ تہٕ برابر دَہہِ پھِرِ کھۄرٕ یہِ رٕژ زنانہٕ ہیرٕن۔ اُخرَس ہوو اُمی بزرگن پَنہٕ نِس دوستس گلہٕ ستی اِشارٕ زِ دولہٕ کھَس مے ستی ہیوٚرتہٕ ہوونَس زِ اُمی ستٕژ زنانہِ کیٛاہ اوس کوٚرمُت۔ سو بچاُرٕ اُس ہیرِ یوٚن گری گری ژھکِتھ وُستھ آمُت تہٕ ہیرِ پاُوِس پیٹھ بہتھ اوُسس غش گژھنَس تیار۔

"چھنا مے رٕژ زنانہٕ" پرٛژھُس اُمی شرپھہٕ واُلی خانہٕ دارَن۔

یارَن وۆنُس "پزٕی کنی۔ مے ننیاو چانہِ کرٛ ہنہِ دارِ ہُنٛد راز۔ یتھ گرِ چہٕ خوشی، گرِ چہٕ شانتی تہٕ گرِ کہِ اطمنان تژشونی ہٕنٛزِ سبٹھاہ جان مِلہٕ وِنی ہُنٛد رنٛگ چھُ تہٕ یوسہٕ انسانس ہمیشہِ جوان پھٛے تھاوان۔ پکھ وونی وُچھن میاُنی زنانہٕ۔

"چلو ٹھیک چھُ" وۆنُس اُمی اورٕ۔

اَمہِ پَتہٕ گٔے یِم چھٕرٕ دارِ واُلِس جوان سُنٛد گرٕ۔ تَتھے یِم اورژاے اور آیہِ اَکھ زنانہٕ خشمہٕ ہُرٕ تہٕ لاَ جن کرٛ بکھ "کتہٕ اوسکھ ژٕ؟ کتھ دربدری اوسکھ تہٕ بہٕ تھاوتھس ییتھ اُلس بِرٕتھ"

اُمی ہِنٛدِس خانہٕ دارَس پھوٚ رنہٕ خوفہٕ ستی دٕرتہٕ تہٕ پَتہٕ تَتھے ژھوپہٕ ہش گیہٕ تہٕ موٚنگن بَڈٕ نیٛزمی سان پانس تہٕ پرٛھس کیٛتھ کینژھا کھینہٕ خاطرٕ۔ زنانہِ تھوو دِژہ کھاُلتھ

یِمَن بڑ ؤنہہ گنہِ سُہ ژھیوٹ میوٹ یُس اُمِس تہٕ شُربن پتھ گُن اوس ہُریوٗمُت۔ ژُرن زَنتہٕ لِتھوٕمُت اوس۔ تِمنے پَسارِ پیمتین بانگربن لایق یہُنٕد فوجا اکھ ہمسایہ گی منٕز آسہِ۔ مگر یہِ اوس ناٹہِ پھوٚلا ژھانڈان تہٕ وۄنس تِی۔ اَدِ امہِ پتہٕ اُس یہِ زنانہٕ توٚت تانیٚ پَتہٕ نِس خانہٕ دارِس نسبت پَتہٕ نمن شکایژن ہنٕز وَنہٕ وأٹھ کران یوٚت تانیٚ نہٕ تمہٕ پَتہٕ نِس وَچھس منٕز مؤجوٗ دژ کھہِ ہُنٕد سمندرا چھوٗنٹ۔ اَمہِ پتہٕ تہِ روٗدُس نہٕ پانَس تانیٚ تہٕ ٹلُن اَکھ یوٚ ڈکترِ لیوٚلا۔ یَتھ منٕز بتہٕ اُس رنان تہٕ آے گرِتھ لوٗین سُہ خانوٗدس کلَس۔ پتہِ گیہِ گتھا مگر تمہِ لوگ ژکھہِ ہوٚت پَتہٕ نِس خانوٗدس پھُٹہِ مَتہِ بانٹ قمت منٕگُن یُس تَس کھورَن اَنٕدی پِکی کھنٕجہِ کھنٕجہِ اوس گوٚمُت۔ سُہ بچور پوٚش نہٕ ژلنَس۔ نبر نیرِتھ وۄن تُمی پَتہٕ نِس یارَس ''مےٚ چھُ پَتہٕ نِس گرس پھکھ یِوان۔ مےٚ چھُ گرِ کھران۔ یہوے چھُ میانہِ ہوکھنگ تہٕ دِل شکس آسنگ بیٚیہِ وَقتہٕ بڑ وٗنٹھے داأر ہتھنگ وجہ۔

(راوی: پنڈت واسہٕ کول۔ کھی پور پرگنہٕ کرٕہن)



# ووۄرِ سٕنٛز دلیٖل

یہِ اوس اَکھ ووورا اَکھ یُس پژٕتھ ۆرِ یہِ اَکھ کپر تھانا اوس وونان
بادشاہَس پیش کران تہٕ تَس اوس یہِ تیٚوٗت خوش کران زِ سُہ اوس تَس اَتھ معاوضہ
ساس روپیہ دِوان۔

یہِ ووۄراوس تھَدِ تھۆ ڈے واتھِن یژھان۔ یُدوَے زَن بادشاہ تہٕ دربارٕ
ہِنٛدِس گسبَس تعریف اَسی کران مگر سُہ اوس نہٕ توتہِ مطمئن بَلکہِ اوس پژٕتھ ۆرِ یہِ
کپر تھان ووۄنٕچ جدوجہد کران یُس پٔتھ خوبصوٗرتی تہٕ بنادٕ کنٕز پَرِ ہِکہِ گپر نشہٕ زیادٕ
آسہِ ہے۔ اکہِ دوہہ بوٗزٕ اَکھ ژُورَن اَمس ووۄرِ سُنٛد یہِ حال وا وحال تہٕ کوٗرُن
ارادٕ زِ اَمِ سُنٛد نوٚو گپر تھان گرٕ بہٕ حاصِل تہٕ بادشاہَس نِشہِ پژٕاوِ اَمی ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ
شاباشی۔

”تیمہِ دوہہ یہِ (ووۄر کپر تھان وۆنتھ) موکلاوِ بہٕ اَتھٕ تَمہِ دوہہٕ گوڈٕنچی ژاٚز
یہُنٛد گرِ تہٕ تَمس ژُوٚرِ۔“ اَمی وۆن پانسے ستی۔

ووۄراوس مذہبی تہٕ۔ ہمسایہِ اَسی لگاتار اَمی ہِنٛز یہِ منگہٕ منگ بوزان ”میانہ
خوداہہِ“ ”میانہِ زِیٚو مَتہٕ نیرِ تَن بَد“ ژُوٚرَن تہٕ اوس یہِ بوٗزمُت مگر سُہ اوس تیٚوٗت وانٕہ

کرٕہِن زِ اٲمِس اوسنہٕ پرٛژھن کتھن ہُنٛد پرواے۔ مگر یِمَو لفظو کٔرٕ گوو اٲمِس تہٕ اثر یہِ
اٲسی بڑ وٕنہہ کُن وُچھو۔

خاٗرتہٕ گیپر تھان سپُد تیار۔ یہِ اوس دُپہر ہیوٚ یِیلہِ یہِ تیار گوو لہٰذا اوس دُنہٕ
(راتھ سپدنس تانی) وار یَہہ وقت۔ وووِرٕکو رسٕ اناتہٕ لاٗ رِگن سارِوٕے کھوتہٕ اصل
بِلوتہٕ ٹَلن یہِ بادشاہس بِنہٕ خاطرٕ۔ یِیلہِ تَس (ژوٗرس) ووورِگیپر تھان ہیتھ محل خانس
کُن گژھان سمکھیاو تہٕ تَس گوو تعجب۔ ''یِیژ اوٗتاوٕلی، کاش یہِ اَتھ موکلاونہٕ پتہٕ ہنا
پزٕ ار یُو مُت آسہِ ہے۔''

یِیلہِ بادشاہَن کِپر تھان وُچھ سُہ گوو اَز بڑ وٕٹھمہِ بِنہِ سبٹھاہ زیادہ خوش تہٕ
دِژَن وووِرِس ژور ساس روپیہِ۔ ''تہِتھس گسبَس گژھہِ ساٗنی سبٹھ: حوصلہٕ افزاٗیی
آسٕنۍ۔'' تمۍ وۄن پنہٕ نٮن وزیرَن کُن تہٕ بیٚیہ یِم تَس اَندۍ اَندۍ اٲسۍ۔ ''مگر مےٚ ژٕنۍ تو
یٚیمیک سارِوٕے کھوتہٕ جان مَصرف کیاہ ہیکہِ اَستھ۔''

اَکۍ وزیرَن وۄنُس ''حضرت توہہِ پزٕ اَتھ میز پوش بناوُن یُتھ یہِ ہَر وِزِ
توہہِ بڑ وٕنہہ کُنہِ روزِ۔''

بےٚ وۄنُس ''حضرت توہہِ پزٕ اَتھ پنہٕ نِس مَن پسند گرِس خاطرٕ زٕہن پوش
بناوُن۔''

مگر بادشاہَن مون نہٕ یِمَو منزٕ کٲنٛہہ تہٕ تجویزٕ تہٕ چھیکرِس پھیوٚ رُسہ وووِرِس کُن
تہٕ پرٛژھنَس مےٚ کیاہ پزٕ اَتھ کِپرس کرُن۔

''خدا صاٗبن چھنہٕ ژٕ ےٚ یوٗت دِماغ دِتمُت زِ ژٕ ےٚ بنوٚوتھ یہِ۔ توٚے

ہکلکھ ژٕتہٕ ؤنتھ زِیہِ کتھ لاگون۔

وۄری وۄنُس جواب "بادشاہ صأب، تھاوتَن یِہ پَنہٕ نِس کفنس کیٛتھ۔ یِہ اَتھ
تہُنٛدِس میٛتس پیٛٹھہِ ییٛلہِ توہہِ مرغزارس کُن نِن۔"

یِہ بوٗزِتھ کھوٗت بادشاہَس سخت شرارت۔ تُمۍ سوٗچ زِ یِہ چھُ مے دوہ دۄہ
کران تہٕ موت کانچھان۔

"ئہ تھاوِ یِہ پَنہٕ نِس کفنس کیٛتھ" ژٕچھ کیاہ چھُ یِہ وَنان۔ "یِہ چھُ صاف زِ یِہ
شخص چھُ مے مارُن یژھان۔ نیٛون یِہ تہٕ ژٹیوٗس کلہٕ ہیٛر۔"

"بادشاہ صأب، بادشاہ صأب، ئہ چھُس توہہِ منت منگان۔ یِہ سزا رُکاؤ
پَنہٕ نِس تیٛمِس غلامَس دی توٗ کتھ کرنُک اجازت۔" ژوٗرَن دِژ یِہ کرٛکھ یُس اَتھ
موٗجوٗ داوس تہٕ سأرِ لُکھ کیٛنہہ وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت اوسُن۔

"دولہٕ ساوَن بۄز وَنہہ کُن یِتھ۔" بادشاہَن وۄنُس۔

ژوٗرَن کوٗر فریاد "میوٗن عرض چھُ زِ دۄ دۄرِس پیٛٹھ کُرِو رَحم۔ سُہ چھُ ہر ساعتہٕ
خدایس یِ منگان روزان زِ یار خدایا میأنی زبور تہٕ چھُھتھن بدکلامہٕ نِشہِ مگر اتفاقن کوٗر یِہ اَز
پیٛنی زِیوٗ مار۔"

بادشاہَن وۄن "اِدسا تہٕ ئہ کرُ اَمِس معاف مگر اَمِس پزِ ییٛمہِ پتہٕ زیادٕ محتاط
روزُن تہٕ کانٛسہِ بادشاہَس گوٗھہِ نہٕ مَرنُس متعلق وَنُن۔"

(مسلمانن منز رأئج کہأنی یوسہٕ ترتیب کارسِنٛدِ خأطرٕ فتح کدل
سرینگرٕ کی پنڈت بالک ٹوٗکن سوٗمبرٕ مژٕ اَس۔)

# ٹھگَن تہٕ ٹھگے

پَتھ کالہِ اوس اَکھ بارسۍ تہٕ مالدار بادشاہا تیٚمۍ ہِنٛدِس بجرَس تہٕ دولتمند آسنَس پیٹھ دُنیا رشک اوس کران۔ وارِیہو بادشاہو کَر ییہ تہِ ازمایِشہِ تِمَس سۍتۍ جنگ کرنچہ مگر تِمو ہۄرتِس نِش یوٚت تانۍ زِتَس پانس باسَن ہیوٚتَن زِ کانٛسہِ اَکِس چھنہٕ طاقت سۄ ہارناونک۔ یتھہٕ کنۍ دِیُت نہٕ کٔر پَننہٕ نِس فوجس کُن تہٕ دیا ناوانا۔ اَتھ دوران اوس بیا کھ طاقتور بادشاہا تہِ یُس پَننہٕ نِس فوجس بَڈ دیان دِتھ پۄرٕ تربیت اوس دِوان۔ تِمۍ کۍ ہیرٕ حالاتَن سام تہٕ کوٚرُن اراد اُمِس بادشاہَس سۍتۍ جنگ کرنک۔ دۄشوٕنۍ فوجَن لۄگ اَکِس بٔڈِس مأدانس منٛز مقابلہٕ تہٕ وارِیہَن دوہَن رۄدۍ اورٕ یور بہادری سان لڑان۔ کینٛہہ وقتس باسیاو زِیہ چھُ برابری ہُنٛد جنگ مگر چھیکرَس سپُد یہ مالدار بادشاہ قتل تہٕ تِمۍ کۍ ہِنٛدِس فوجس گیہِ چھلہٕ ؤدر۔ یہ نوٚو بادشاہ ژاو دۄنۍ شہرس منٛز تہٕ کۍ ہِنٛدِ بدلہٕ لۄگ راج کرنہٕ۔ تِمۍ کٔرگو ڈیچ کأم یہ زِ پرأنس بادشاہ سنٛز زنانہٕ تہٕ زٕ ژٕری ژھینَن مُلکہٕ منٛزٕ کَڈِتھ۔ مُلکہٕ منٛزٕ نبر کڈنہٕ وِزِ آونہٕ تِمَن معموٗلی اوذقہٕ تہٕ دِنہٕ یُتھ زِ ملکأنۍ اَس وۄنۍ دِوگہٕ منٛزٕ رۍ کٔرتھ اَکھ سیر توٗمُل دوہَس انان تہٕ ہُم زٕ ژٕری اَسۍ تہٕ کینٛہ ہاانان یہ تِمَن بیچھتھ میلہٕ ہے۔

اکہٕ دوہہٕ وۄن مُلکانہِ اَکِس نِچوٚس کِننہٕ خاطرٕ جنگلہٕ زِیُن ژٕٹِتھ والنہٕ

باپتھ۔ لہٰذا اگو وأمی سُند بۆ ڈھیوٚ نیچو تہٕ سہ اوس زِیٚن ژٹنس ستی آوٕرزاأتھی منز دٕچھ
دۆرِ پہن اکھ لوٗکٹ کاروانا پکان ییمن ستی کینہہ نفر أسی تہٕ اؤنٹن تہٕ کاترن پیٹھ اوسُکھ
سامانہٕ بری بری۔ییم أسی نہٕ پاٹھی ڈاکو۔لڑکہٕ کھوٚژ تکیا زِ تمی سوچ زِ ہرگا تمن یہِ فکرٕ ووٗت
اَتہٕ چھُ کانہہ تم ژہتِن مے مارِتھ اَمہِ کنی کھوٚت سُہ اکِس کُلس پیٹھ تہٕ رٕوٗ دہیوٚزِ گنٛ
ژۆرِ۔ یہِ کاروان رُکیاو اکِس لوکچہِ پہرِ نِش یوسہٕ جنگلس منز اتھی کُلس نکھے اُس۔
تمی وُچھ زِ ییمو نفرو واجہِ اؤنٹو تہٕ کاترو پیٹھہٕ سامانہٕ گنہٕ تہٕ ژانکھ اتھی پہرِ منز۔ پہرِ ہُنٛد
درواز اوس اکھ مأنتھرِ پرنہٕ ستی پأنی پانے کھُلان تہٕ بند گژھان۔ تمی بوٗز ییم مأنتھرٕ
ہِنٛدی لفظ وارِ پأٹھی۔ تمی وُچھ یہِ سورے تہٕ مأنتھرٕ تھأوِن یاد۔ پانس ستی کوٚرُن
اِرادٕ زِ ییمہِ ساتہٕ ییم ڈاکو اَتہِ نیرن تہٕ سُہ اَژِ اَتھ پہرِ منز۔
صُبحس کیٛتھ ییٚلہِ ییم ڈاکو اَتہِ نیرِتھ دۆرِ رے، یہِ وۆتھ کُلہِ پیٹھہٕ بوٚن تہٕ دراو
پہرِ نِش پَتہٕ پرن سوے مأنتھرٕ۔ درواز آو مُژراونہٕ تہٕ سُہ ژاو اندر۔ تمی وُچھ اَتہِ دولتُک
ہِنٛدی انبار۔ سۆن، روپھ، لال جواہر تہٕ آرأیشہِ ہِنٛدی سبٹھاہ موٚلی چیز کأنٛسی
مقدارس منز۔
تمِس یہِ اَمہِ خزانہِ منز اکِس اوٗنٹس بارِ لدنک سامانہٕ باسیاو سُہ تُلن تہٕ أنی
وُچھن اکھ اوٗنٹا گاسہٕ کھوان تسی بوٚرُن یہِ۔ اَمہِ پَتہٕ بیہِ سوے مأنتھرٕ پرِتھ کوٚرُن
درواز بنٛد تہٕ دراو گرٕ۔ تمی سنٛزِ ماجہِ ییٚلہِ نیچوی سنٛزا اکہِ دُہیچ کمأے وُچھ سو سپٕز سبٹھاہ
خوش۔
دۆیمہِ دوہہ صُبحأے سوٚنٛچ أمی سنٛدی لوکٹ بأے زِ بتہِ کیا زِ گژھہٕ نہٕ جنگل تہٕ

از ماو پنُن قسمت ۔ لہذا اگر تمی ؤلی ؤلی یہِ مأنتھر یادتہٕ دژاو ۔ سُہ ییلہِ جنگلس منٛز ووت تہٕ کھوٚت پہرِ نگھہٕ تل ۔کس تتھی گُلس تہٕ رؤ دصہٕ سان ڈاکوٗ ہَن ہندِس ینٛس پزاران ۔ شامہٕ بروٗنہہ پہَن گے تم ترٛ تہٕ تمن آسہٕ واریہہ خزانہ بڑتھ گنہٕ ستی ۔ پہرِ نش وأتتھ ژاے تم پرأنی پأٹھی مأنتھرِ ۔کنہ اندر ۔ تم سپدی اَتہِ سخت حأران تہٕ ناروناریلہِ تموٚ یہِ وُچھ زِ کُس تانی چھُ اورژ امُت تہٕ اَتہِ چھِن کینہہ چیز نِمتی ۔ تموٚ کھے قسم ناس زِ تیمی أ کی یہِ کوٚرمُت آسہِ تمس ہمو تیٚتھ انتقام یُتھ یادِ پدرروزبس ۔ تموٚ وۄن تہٕ تہِ زِ کُلس پیٹھ موجوٗد شہزادس ؤ ژھ سبٹھاہ زیادٕ تھرٕتھرٕ تہٕ سوچُن زِ مے کوسہٕ شہمت آیہٕ یور آیاس ۔

صُبحس کیٚتھ دژاے ڈاکو تہٕ تتھے تم دؤ رسپدی تہٕ لژکہٕ ووٗتھ گلہِ پیٹھہٕ تہٕ گوٚو پہرِ نشہِ ۔ تمی پرٕ مأنتھر ییمہٕ ستی درواز مژراونہٕ اوس یوان ۔ درواز آو مژراونہٕ تہٕ سُہ ژاو اندر ۔ مگر افسوٗس ، درواز سپُد تمہِ وِزِ بند ییلہِ سُہ وُنہِ اندرٕ ے اوس تہٕ واپس اوس نہٕ مژراونہٕ یوان یُدوَ ے زَن تمی کر بکہٕ تہِ دِژ یوٚت تانی تس ہیٚر تہِ لوٚگ ۔ سُہ اوس نالہ ، آہ وزأری تہٕ منگہٕ منگ کران زِ سُہ گژھہِ نایلہِ ۔ ظأہر چھُ زِ یہِ بچوراوس مأنتھرِ منٛز کینہہ ترٛاوان یاہرٕ اوان ییمہٕ ۔کنہ سُہ اَتھ تاونس لوٚگ ۔ تس کیاہ آسہِ ہے أندرٕ ی أندرٕ ی گزران ییلہِ سُہ ڈاکون ہندِس ینٛس تانی گرٕآسہٕ ہے گنٛزران ۔ تس اوس ذہنس منٛز یوان زِ تم کیاہ کرن مے ستی ییلہِ تم مے ییٚتہٕ وُچھن ۔

شامہٕ بروٗنہہ پہَن یوٚ زِ تمی نیٚبری ۔کنہ پکُن تہٕ أتھی منٛز آو درواز مژراونہٕ تہٕ ڈاکو ژاے اندر ۔ تہندِ بن بُتھِن پیٹھ زَن آیہٕ درندگی ہنٛز ہش چمک ییلہِ تموٚ یہِ لژکہٕ کھوکھشہِ کھوکھشہِ أ ۔کس کوٗنس کُن پکان تہٕ وَدان وُچھ ۔ "اوہو" ۔ تموٚ وۄن حأرانی

تہٕ خوٗشی سان۔ ''یہوے چھاسہٕ ژوٗر تیٖمی سائنس ٹھکانَس منٛز اژنک جرات کوٗر
یوٗ ہے چھُہ۔ وۄنی کروس پھٕلی تہٕ چھکوکھ اَنٛدری پکی یتھ زَن دوٗ یمن ہنٛن روزنہٕ
کاٗم گرَن نہٕ۔'' تمو کوٗر پزے لی۔ تِکیازِ تم اَسی رَتہٕ کھاوتہٕ جذباتو رٕوس۔ یہ
پَتہٕ ترٛ اوتمو ہنٛدر۔ دوٗیمہِ دوہہٕ دزاے تم دوہدِ شکی پاٗٹھی پَنہٕ نِس لوٗٹہٕ کارس تتھ پاٗ
زَن نہٕ کینٛہہ سپُد مُتے اوس۔

تِہنٛدِ اَتہٕ نبر آسنَس دوران آو تسُنٛد زیٹھ بوے یہ وُچھنہِ زِ تِہنٛدِس بایہ
ستی کیاہ سپُد تہٕ بیہہٕ کٔر ہنزسَن تُلنَس منٛز مدد کرنہٕ خاطرٕ۔ مگر ییٚلہِ تمی اَتہٕ اَنٛدری پکی مازٕ
چھکرِتھ وُچھ تمِس سپُد تِیُتھ دوکھ یُس نہٕ باونہٕ ہیکہِ یتھ۔ ''تم گژھن وۄنی اتھ
موٗرنی'' یہ وَنتھ پرَن ماٗتھر ییٚمہِ ستی پہرِ ہُنٛد درواز مُشراونہٕ آو تہٕ ژاولدر،
سوٗمبری تم ساری موٗلی چیز یمن تس اتھہٕ پیٚل تہٕ بِرن اکَس بوہرِ امہٕ پتہٕ کرِ تمی بیاکھ
بُہری پَہرِ نیٚبرٕ کنہِ خاٗلی تہٕ بُرن اَتھ منٛز باے ہنزِ لاشہِ کرنہٕ آیتی پھٕلی۔ دُبارٕ ماٗتھر
پرٕتھ کوٗرن درواز بنٛد تہٕ دوٗوے بوہرِ پھیکس پیٹھ تُلتھ دزاو گرٕ کُن۔ گرِ واتتھ بُرٕ
یم پھٕلی کپرس تہٕ سُوتھ کوٗرن دَفن۔

تمہِ دوہہٕ شامَس ییٚلہِ ڈاکو آے تہٕ تمو وُچھ اَتہٕ کیاہ اوس سپُد مُت۔ تمن
کھوٗت سخت شرارت۔ فیصلہٕ کوٗرکھ زِ اَسی لبون یہ ژوٗر تہٕ یتھ پیٹھ کوٗرکھ قسم زِ تون
تانی دِموٗ نہٕ وۄنی کانٛہہ سَن یوٗت تانی نہٕ تم اَتھ مقصدَس منٛز کامیاب سپدَن۔ تمی
شہرتہٕ روٗدی بازرکین مختلف حصَن منٛز یتھ زِیہ ژٔنی راوَن زِ کانٛہہ تِیُتھ شُھا ماچھا
روزان یُس کالہٕ پکھے امیر آسہٕ بنیومُت۔ یمو منٛز سمکھ اَکَس ڈاکوس نہٕ ہُژ یم تمس

شہزادس خاطرٕ کفن اوس سومُت یُس ژھل کرِتھ مارنہٕ اوس آمُت تہٕ تِمی ہے نِش بوٗزُن زِ أمِس لڑکہٕ سنٛزٕ ماجہِ تہٕ بأیِس چھِ باسان حالے وار یہِ دیار ملیٚومتی مگر کتھہٕ کنہٕ تہٕ چھنہٕ پتاہ۔ کینٛہہ لوٗکھ چھِ ونان زِ تِم أسی شأہی خاندانکی بأژ مگر مے چھنہٕ تتہٕ پتاہ۔ اَمہِ مطأبق گوو یہِ ڈاکو تہٕ لوٚبُن سُہ مکانہٕ یتہٕ مُلکأنی تہٕ شہزأدٕ روزان أسی۔ تِمی تھوو اَتھ نشانہٕ ییتھ زِ سُہ اَتھ دُبارٕ لَبِتھ ہیکہِ تہٕ اَمہِ پتہٕ دزاوٕ لی ؤلی ییتھ باقے ڈاکوَن أچ شیٚچھ واتناوِ۔ وۄنۍ گوو قسمتہٕ کنی اوس شہزادَن یہِ نشانہٕ وۄچھمُت تہٕ اَمیُک مطلب اوٗسُس فِکرِ توٚرمُت تہٕ تِتھے ہیوٗ نِشانہٕ بنووُن أندی پکہٕ کِنھن وارِہن مکانَن۔ تیتھہٕ کنہٕ ڈلی اَمہِ سِتی ڈاکو۔

تِمو وۄنۍ ''یہِ منصوبہ چلہِ نہٕ اَسہِ منٛز پَزِ ہے أکِس أمِس شہرس نِشہٕ گرٛ ھتھ یِہ بٔنزراوُن زِ یِم لوٗکھ کتہٕ چھِ روزان پتہٕ اوس اور گرٛھتھ یِمن سِتی دوستانہٕ لاگُن۔ تتھے کنہٕ میلہِ ڈلی ڈلی شہزادٕ تورُکن سوزُنک موقعہٕ۔

اَتھ کتھہِ پیٹھ گے ساری متفق تہٕ اَمہِ کامہِ خاطرٕ کوٚر ریٚیو ڈاکو جماژھنٛد زیٚتھ مُقرر۔ تِمی لوگ ڈلی ڈلی شہزادٕ تہٕ تِمی سنٛزٕ ماجہِ سِتی دوستانہٕ تہٕ پزٕ بتھ وِزِ أسی تِمی سنٛدِس مہمان بنہٕ نَس تِم خوش سپدان۔ اکہِ دوہہ گوو أمِس ماجہِ أمی سنٛدِس کوٗٹس تل ژوٗر تھوومُت اَکھ خنجر نظرٕ۔ اَمہِ تلہٕ بیٚیہٕ أمی سنٛد بوا کو دوٚیو چیزٕ وِستی یِم تِمہٕ اَمہِ پتہٕ محسوٗس کری باسیاو تَس زِ یِہ نفر چھنہٕ دوس بلکہِ دشمن تہٕ اَکھ ڈاکو۔ تِمہِ یوٗژھ زِ أمِس نِشہٕ گرٛھ تِھچھ وہٕ کنی۔ اَمہِ کیٚہے تٚھچس منٛز وۄنۍ تِمہِ اکہِ دوہہ پنہٕ نِس نیچوٗس تہٕ أمِس دوستس زِیہ نزٕ توہہِ ڈوٗہہ گنہٕ تہٕ تِمو تہٕ موٗن یہِ۔ تِمس أس اَتھس کِتھ اَکھ کرتل ییتھ سو سبٕتھے شاندار

طریقہٕ ِگلوان اُس۔ سو آیہِ ڈاکوس کُن تہٕ لۆت لۆت تہٕ سۆم سۆم رۆزُ سوأ کر
بأتس مطأبق گراے دِوان یوٚت تانٛ تٔس موقعہٕ وَنہِ آو تہٕ ڈاکوس بُتھِ یتھ تُجنٔس گلہ
ہیر۔

شہزادِ کھۄژ، تٔمی وۄن حأران ہیۄ گژھتھ ''یہِ کیٛاہ کۆ رُتھ ژےٚ موجی۔''

''مےٚ بدلأ وصرف دوستس ءِسٕتۍ جاے'' تٔمہِ وۄنُس ''ژےٚ مارِہی یہِ تٔمہ بدلہٕ
مورمےٚ یِہوے۔ رَٹھۆ چھِ یہِ خنجر تیٚمہٕ ءِسٕتۍ یہِ ژےٚ مارہی۔''

شہزادَن وۄنُس ''موج ئہ کرہکےٚ ژےٚ نکھہٕ وألِتھ تمہِ نظرِ گذرِ خاطرِ یوسہ
ژےٚ تھاوان چھکھ مےٚ أسنہٕ أمِس منٛز کانٛہہ کوٹھ کھوٹأے وَنہِ یوان۔ مےٚ اوسنہ
زانٛہہ أمِس یہِ خنجرۆ چھمُت۔ یہِ آسی ڈاکوِ ے منٛزٕ اَکھ یُس مےٚ یِہُنٛد خزانہٕ لوٹنہٕ خاطرِ
بدلہٕ ہیٚنہِ آمُت اوس۔

ییٚلہِ ڈاکوَو پَنٕہٕ نِس سرغنہٕ ءِسنٛدِ مارٕ گژھنٛچ خبر بوٗز۔ تٔموٕ بأ گرود پانہٕ وأنٛ ژۄرِ
مال تہٕ گےٚ پَنٕہٕ نِس پَنٕہٕ نِس گامَس۔ أمی جوان شہزادَن کۆ رکھاندر تہٕ بٹیاوأ کھصراف
تہٕ رۆ دیاپرجأیی پراوان۔

(راوی: ہِشو بایو، رِنی وور سرینگر)



# نوجوان زاری سوداگر

پَتھ کالہِ اوس اَکھ سبٹھا بارسۃِ امیر سوداگر۔ کینٛہہ چھِ ونان زِ سُہ اوس کاشُر تہٕ سرینگرِ اوس روزان۔ کینٛہہ چھِ ونان سُہ اوس دوٗرِ کتہِ تانۍ پیٛٹھہٕ آمُت۔ ییٚلہِ زَن ییٚہِ کینٛہہ ییٚہِ مانأنی چھِنہٕ زِ اَتھ دٔلیلہِ کیاہ چھُ کشیرِ ستۍ کانٛہہ تعلق۔ مگر ووٚن گوو ییٚہِ ہیکہِ اَستھ تہِ تہِ اَسۍ بوزودٔلیل تہٕ پتہٕ گرٛ دیانے فأصلہٕ۔

خأر أمِس بارستہٕ تہٕ امیر سوداگرس اوس اَکھ داناتہٕ پوٚرمُت لیوٚ کھمُت نیچُو۔ مگر افسوٗس زِ ییٚہِ نیچُو اوسُس پگہٕ زأری۔ سوداگرس اوس نہٕ فِکری تران زِ أمِس کیاہ گرِ۔ تِمِس ییٚتہِ کُنہٕ پیٚساہ یا کینٛہہ موٗلُل چیز بَنہِ ہے تتھ اوس نیچُو زار گنٛدان۔ تِمِس آوییہِ وَننہٕ زِ ییٚہِ چھےٚ ناداأنی ییٚتہِ آو سمجھاونہٕ زِ ہرگاہ سُہ اتھ باز آونہٕ تمہِ ستۍ گوٚھہِ گرِتہٕ کاربار بُرباد۔ یاردوستو تہِ کرٚہس لولہٕ سان تہٕ تأکید کرِتہٕ نصیحت مگر اَتھ دٕزاونہٕ کانٛہہ نتیجا تِکیاز تِمِس اوس دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ زارک چسکہٕ ہُران۔

اَمہِ کتھہِ اوس سوداگرس أندری ہہٕ، أمۍ دہ کھٔن اوسُس کمبر پھٔٹر وومُت تہٕ ڈبکس أسِس گیٚنٛن ہٕژمو ہر ہیٖرٕ تہٕ پگنہٕ وِزِ أسِس زنگن نٹھ نٹھ گژھان۔ اَمہِ تفریقہٕ اوس سُہ قبرِ بُٹھس ووٚتمُت۔ یوسہٕ سبٹھاہ ژٔر دولت تمۍ تجارتس منٛز زبردست

ہو نرِ تہٕ خرچن منز کفایت شعأری ورتأوِتھ سۄ مبرأ وٕمژ اُس سو اُمس زأرِ ہٕنٛدِ
اَتھس منز لگتھ یُس اُمس پننےٚ نیچو اوس آنن فأنن ختم گرٕھنک تصور اوس تُمہِ ہٕنٛدِ
ذیہنس تلواس ٹُلان تہٕ مَرٕ راوُسس یوان۔ اَتھ آفرٕ کیاہ تدورک ہیکہِ سپدِتھ
دۄکھک دورٕ پیٚتھ وۄن تُمہِ اکہِ دوہہٕ زِ اُمس زأرِ ہٕنٛدِس اَتھس منز یہِ دولت لگ
نشہِ یُس اَتھ اَکرٕ ہے دوہس پٔتھ گرِ چھُ یہِ بہتر زِ بٔہ دۄ براوٕ یہِ میٚرٕ تل۔ مےٚ چھُ یاد
بٔہ کیاہ گرِ۔ بٔہ تھاوٕ پننہِ روپیہ تہٕ قمتی چیز زمینس تل ژٔرِ تہٕ ییمہِ کتھہِ ہُنٛد دِمہٕ باس زٕنہٕ
چھس نہٕ تیٚوٗت امیر یوٗت لۄکھ سوچان چھِ۔ بٔہ گرٕ خرچس منز کمی تہٕ ییلہِ بٔہ مرٕ تہٕ باسہٕ
اُمی چھُ پَنہٕ نین پنہٕ والین کیٚتھ کےٚ کینٛژھا پتھ کُن ترٛ وومُت۔"

ییٚلہِ تُمس موقعہٕ آو تُمہِ کھنہِ مکانہِ کِس بنٛ ژِمس پوہرس منز سنبن سنبن کمرن منز
کینٛہہ کھٔو۔ تہٕ پٔنن سون تہٕ مال ودولت ترٛ وُن یمینے منز۔ پتہٕ ییمہِ حبہٕ سان ژٔ
رأوِتھ بنوٗن یہُنٛد اَکھ فِرست تہٕ فِرست بۄرُن اَکس کرٛھہِ گرس منز تہٕ دِتن یہِ
پننہِ نوشہِ تہٕ وۄننس "یہِ تھأوی زِ حبہٕ سان رٔژھرِتھ تکیا زِ یہِ پھےٚ چأنی بند پژھ تہٕ ہرگا
میانہِ مَرنہٕ پتہٕ چأنس خانہٕ دارس سخت وۄگتہٕ آو تیٚلہِ ہیککھ ژٕ یہِ تُمس کِنہٕ خأطر
دِتھ۔"

اَمہِ پتہٕ لوٚتیا وہیوٚ یہِ بزرگ سوداگر تُمس گنیہِ پژھ زِ یُس کم قلیل جایدادنہٕ
پٔنسہٕ ٹونک تُمہِ سٔنٛدِس نیچوس تُمہِ سٔنٛدِ مرنہٕ پتہٕ میلہِ سُہ ژھنہِ سُہ کمہٕ ہے کألس منز موکلاوِتھ
تہٕ پتہٕ تربس غربی ہنٛز سختی فکرِ اوِ دِیس میأنی نوش پٔنن یہِ کرٛھ کرِ تہٕ ونبس تہٕ یہِ اُن
سٔنٛدی مأکی اُمس اوس وُنتھ تھوومُت۔ کرٛھہٕ گرمُژرتھ وُچھ سُہ قمتی چیزن ہُنٛد فرست

تہٕ کھوٚ ومنز یم کڈتھ بنہٕ سہٕ بیٚیہٕ امپر تہٕ امہٕ پتہٕ تژ اوِسہٕ شایدزار گنڈن تہٕ گذارِ سو کھ تہٕ خوٚشی سان باقے زندگانی۔

اَمہِ پتہٕ کہِ کالہٕ گزریاوسوداگر۔ شہرن کوٚرماتم، یہنٛدِس خاندانس سپٕد دوکھ تِکیازِ اُمِس بزرگس اوس ہر کانٛہہ احترام کران تہٕ ٹوٹھ زانان۔ تِہنٛدی نیچوی کوٚرنس ریتی تہٕ رِیوایژ مطابق داہ سنسکار تہٕ تہٕ شرٛادھ تہٕ ہاوٕن۔ مالہِ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ روٚد برابر دٔہن دوہن پنڈ دان کران۔ اَتھ دوران دِژ تٔمۍ پترن ترٛپیش تہٕ۔ پنٛڈ ترٛاوِن کولہِ منز۔ کٔہمہِ دوہہٕ ہوٚو ن بوٚڈ شرٛادھ۔ یم برٛہمن شرٛادھ وغارٕ ہاونہٕ خاطرٕ انہٕ آسی آمتی تِم آے بوٚزن (کھین) کھیاوناونہٕ۔ تمام ورگن ہنٛد بن بیچھہِ ونین آے دِیار تہٕ دِنہٕ یم امی غرضہٕ بڈِس تعدادس منز کھیچو کھیچو اور آمتی آسی۔ شبن رتبن آے باقاعدٕ پأٹھی شرٛادھ ہاونہٕ۔ پژ بتھ شرٛادس پیٹھ آو دان تہٕ کرنہٕ تہٕ لُکھ آے کھین بیترٕ تہٕ کھیاونہٕ۔ اَوِ کِنہِ گژھونہٕ آسی یہِ بوٚ زِتھ حأران زِ یہِ سوٗرے کرنہٕ پتہٕ ییلہِ نوجوان باپأری پننہِ دٔھن دولژ سام ہیژ ہیٚنٛز تَس سپٕد احساس زِ دوٚنی آسنہٕ تَس نِش کھٔنڈ ہارتہٕ۔ وژل کیاہ بنہِ ہے مالہِ ہنٛدِس تہٕ تٔمۍ ہنٛدِس پننہٕ نس قرض تہٕ بیٚیہٕ تتھ بڈس خرچس یُس تٔمۍ ہنٛدِس مالہِ ہنٛدی اُخری رسم تہٕ شرٛادھ کرنس پیٹھ سپٕد۔ پژی کِنہٕ اوسنہٕ تَس نِش تیٚتھ کٔہنہِ یتھ سہٕ وَنہِ ہے یہِ چھُ میٚون۔

پننہِ اَتھ بدحالیہِ منز گوٚو سہٕ ماجہِ نِش مگر تمہٕ تہٕ ہاوٚس کہِ ہمدردی۔ صرف گٔرنس پژ انہِ کھوتہٕ تہٕ ژٔرے بوٗ اُری زِژے مأنتھ نہٕ مالہِ ہنٛز نصیحت۔

"وارے مے کیازِ ترٛاوے نہٕ پنٛنہٕ اترأپھل یمہِ کِنہٕ میٚون ٹوٹھ مول ؤلی ؤلی

گُذریاوتہٕ یِیمہٕ کٔنہٕ بہٕ تہٕ میٚون اہل وعیال بُرباد سپُد'' ۔تِمو وۄنُس

''اَتھ چھُنہٕ وۄنی کانٛہہ مطلبے یِہ گووشال ژٕلتھ بٔھین لورِ۔'' وۄنُس ماجہِ۔

''کروۄنی حوصلہٕ تہٕ گنٛڈکمبر، محنت کرتہٕ فضوٗل خرچی ترٛاۄتھ پژاوبیٚہ

مقام''۔ ''آ'' جواب دِیُتنس۔ ''بہٕ ترٛاوِ یہ زارتہٕ سخت محنت گرٕتہٕ پوٗنسہٕ تہٕ بچاوٕ تہٕ

کینژٕ ھامےٚ پَتھ پلہٕ سپدِ تہٕ سائلم سوزٕ ےبہٕ ژٕےٚ۔مگرفلحال وَنتہٕ میانہٕ آشنہٕ زٕسو گوو

تانی مالیٚن بیٚیٚتہٕ تَس جان کھٔن چَن ،پلو دلوبٔنن تہٕ تہٕ وُچھنَس واچھنَس۔''

پَتہٕ گووسہٕ زنانہٕ نِش تہٕ کوٚرنَس روخصت۔پنہٕ اچانک روخصتی ہُنڈ

بوٗزِتھ پلنو وتِمہٕ اُمس سونہٕ سُنٛد کرٛھ کرتہٕ وۄنَس تہٕ سائلم یِیمہٕ موٗجب یِہ اُمی ہِنٛد

مائلی اُمس اوس دِتمت مگراُمی روٗنُس نہٕ یِہ تِکیازِ اُمی ہنٛدی مائلی اوس یِہ تِمس دِتمت تہٕ

بیٚیہٕ سُوچُن زِمےٚ مانِرِ امہٕ ستیٚ بیٚیہٕ پرٕاَنی کل'' تہٕ امہٕ ہریمانہٕ یِہ کتھ زِیِہ چھےٚ ژٕےٚ

پژھرٕنٛگی دِنہٕ آمٕت'' وۄنُس یِہ تِمی۔

لہٰذا درٛاو وۄنی یِہ جوان سوداگر زندگی ہنٛدِ خاطرِ رونہٕ زونہٕ کٔس تلاشس

منٛز۔زنانہٕ سُوزِن مالیٚن تہٕ موج روٗزِس گرٕس وُچھنہٕ واشنہٕ خاطرِ تہٕ بیٚیہٕ تِمن کینژوٚن

چیٖزٕن نظرگزرِخاطرِ یِمہٕ اَتہٕ موٗجوٗداُسی تہٕ یِنٛدرٕکِتھ اُس پَنُن رونہٕ زونہٕ کران۔

سہٕ رٛو دوارتِہِس کالس اوریورِ پوٗرِی مینان یوٗت تانی سہٕ اُکس شہرس منٛز

وۄت۔اَتہٕ میج اُمس اتہٕ کٔس اُکس بڈس سوداگرس نِشہِ نوکری۔گوڈٕ گوڈٕ باسیہٕ

اُمس یِہ سبٹھاہ مشکل تہٕ کٔڈر کاٚم تِکیازِ سہٕ اوس خانہٕ ماجرٕ سان پالنہٕ آمٕت تہٕ نوکری

کرنُک اوسُس نہٕ عادت مگروار وار یِیلہٕ مائلِکس اُمی سِنٛز پژھ ہش پٔتھ تہٕ دِژٕ تِمس

ہُرتہٕ تھزے یِہُن ذِمہٕ دارٕی تہٕ تِتھہٕ کِنۍ ہیوٚتُن سُہ وۄنۍ خوش روزُن۔ سُہ اوس برابر پننہِ کمایہِ ہُنٛد اکھ یوٚ ڈ حصہٕ یتِمہِ ارادٕ تِلتھ تھاوان زِ سُہ سوزِ یہِ ماجہِ۔

اکہِ دوہہ وۄن تَس پننہِ مالِکن نٕچوِ ک سِنٛدِس کھاندرس متعلق یُس جلدٕے سپدن وول اوس۔

"مےٚ چھُ اَمِس کھاندر طےکوٚرمُت" تِمۍ وۄنُس "اَکِس امیر سوداگرٕ سنٛز دۄیمہِ کورِ ستۍ یُس تتھۍ شہرس منٛز روزان چھُ یتہِ پیٹھہٕ ژٕ آمُت چھکھ۔"

یہِ امیر سوداگر اوس پوٚتولاکن اَمۍ سے نوکر سُنٛد ہیٚہر بابہٕ تہٕ تِمۍ سنٛز دۄیم کوٚر اُس اَمۍ سنٛزے سال۔ وۄں گوو اَمۍ لوگ ڈیوٚلے تہٕ اَتھ متعلق باوُن نہٕ یِمہٕ ہُریمانہٕ کانٛہہ دلچسپی زِ اَتھ منٛز اُس اَمۍ سِنٛدِس مالکہٕ سنٛز خوشی تہٕ لوکٹس آغہٕ سنٛز بجایِٕی تہٕ خوشی۔ امی کِنۍ اوس اَتھ دوہَس ژھوپہ کرِتھ پزاران۔

مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس پیٹھ دراے اَمۍ سُنٛد آغہ، لوکٹ آغہٕ، کینٛہہ انگ اَشناوتہٕ یار دوست مہرنہِ ہُنٛد گرُکن یوٚت تِم خانٛر سانٛہے وأتۍ۔ یہِ یعنے گُزریمتِس سوداگر سُنٛد نٕچوِ تہٕ اوس یِمَن ستۍ۔ تِموٕ چھ اَتہٕ گرۍ گرٕ پھوے مُنتشر ہیوٚ۔ یِنہٕ وألِس موقس خاطرٕ تیٲر یہِ آسہٕ بڈس پیانَس پیٹھ مکمل ہوان سپدنہٕ تہٕ نوکر چاکر اُسۍ لنٛدرٕ نبر تہٕ نیبر لنٛد رکران تہٕ نیبرٕ گنہِ اُسۍ پزِ بتھ قسمہٕ کِمن لوٚگن ہُنٛد ارساتھا تماشہٕ تہٕ نچٲیشہٕ ہنٛزِ دومیزِ پراران تِکیا زِ یم اُسۍ امیر تہٕ مُلکس منٛز اُسۍ نامدار۔

یِیلہِ کالُک بتہٕ تراونہٕ اوس یوان تہٕ سأری کھینہٕ خاطرٕ بیٹھی یہِ نوکر یعنے گزریمتِس سوداگر سُنٛد نٕچوِ تہٕ بیوٚٹھ پتھر مگر تِمس اُسۍ تۍ دوہدشکہِ کامہِ کارِ کی پلوٚ تہٕ

بیۆٹھ سارِنے پوٚتُس تہٕ سارِنے بوٚن کُن۔ تٔمی کوٚر یہِ سأیلم فخر تہٕ اعتماد سان سُہ اوس
پَنہٕ نِہن امیر رشتہٕ دارَن نِشہِ پَرزناونہٕ یِن یژھان وۄں گوو پنٕنِز ٹاٹھ زنانہٕ دُبار دِ
أمِسس خاہش۔

بہرحال تہٕ وُچھ کی تٔمی پنٕنِز زنانہٕ تہٕ سو أس کھبنہٕ چن کبن انتظامَن وُچھان
واشان۔ تٔمی کی ہِنٛدِس وٕنِس تحت أسی نوکر کھین چن اور یورواریَہن پژھین بأ گراوان تہٕ
داتناوان۔ ییٚلہِ أمِس ورأے سارِوٕے کھین چن موکلوو تٔمی وُچھ زِ سوٗرے ماز اوس
کھبتھ موکلاونہٕ آمُت تہٕ صرف أس سبزی تہٕ بتہٕ پتھ کُن بچوٗمت۔ تہٕ گرتھ وۄن نہٕ تٔمی
رِکہٕنی یُدوٕے زَن أندری أندری أمِس دِل اوس دوکھہٕ زد۔ اَتہِ اوس تیٚتھ کھین چن
یُتھ بادشاہَس لایق اوس تہٕ أمی ہِنٛز پنٕنِز خۄ بصورت زنانہٕ أس أمِچ انتظأمی مکرامہِ مژٕ
اوسنہٕ أمِس خأطرِ رِکہٕنی حالانکہِ باقیو سارِوٕے یِموٗ منٛز واریَہہ شِکس لدتہٕ أمِس نِشہ
یوٚن درچکی أسی تِمو اوس یڈ بٕرِتھ کھیوٗمُت۔ زن تہٕ سُہ لرٛژھہِ اوس گوٗمُت تِتھے پأٹھۍ
اوس سُہ مَنساونہٕ تہٕ مُشراونہٕ آمُت۔ آ۔ بہٕ تُلہِ پٕژن یہِ لو یہِ ہُنٛد بتہٕ تہٕ سبزی تھال تہٕ بہٕ
پٕژھی کُٹھہِ منٛز تہٕ ہیرِ بوٚن وٕسِتھ واتہٕ آنگنَس منٛز تہٕ پَتہٕ یہِ کھبنہٕ تھال دارِ دَمِس ہٕتھ
تھأوِتھ دِمہٕ ڈُلن تہٕ گرِوٕدِنا۔

گأنٹہِ کھٔنڈی ہیوٚت پژھو نیرُن مگر یہِ بچور اوس أتی ودان أخرس ییٚلہِ راژٕ
ہِنٛدی گأنٹہٕ جوراہ گٔے تٔمی ہِنٛز زنانہٕ آیہِ آنگنَس منٛز تہٕ وُچھن زِ واریَہن بچھو نِہن تہٕ اتہٕ
سمیمتِہن آو کھین بأ گراونہٕ تمہِ کوٚر أرِکس نفرس آلو تہٕ وۄنس ژٕ پژار دروازس نِشہ
تِکیاز زِ ژٕے پچھے کامہِ رَژھا۔

سو ژایہِ واپس گرٕس اندر تہٕ اوٚر اوٚنُن اَکھ لالٹین زاٗلتھ تہٕ بیٚیہِ بیاکھ بوٚڈ لوٚیہِ ہُند تھال یتھ منٛز مِٹھایہِ تہٕ باقٕے ضیافژ بٕرتھ آسہِ یہِ تھال پلنوٗن اُمِس نفرس تہٕ وۄنِس وولہِ مےٚ پتہٕ پتہٕ۔ اُمی نفرن تٕل یہِ تھال پھیکِس پیٹھ تہٕ دژاو اُمِس پتہٕ پتہٕ۔ گُزریمتس سوداگر سٕندی نیچوٚی اوس یہِ سٲلُم وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت سُتہِ دژاوٕیمَن شک کرنہٕ ورأے پتے۔

وَتہِ لوٚگ۔ اُمِس نفرس ٹھوٗنکرٕ تہٕ لوٚگُس دب۔ مِٹھایہِ تھال تہٕ پھوٚٹھ تہٕ پھُٹ تہٕ یہِ کینژھا اَتھ منٛز اوس تہِ آو چھکراونہٕ۔ اَتھ پیٹھ کھوٚت اُمِس زنانہٕ سخت شرارت تہٕ کٔرن اُمِس نفرس اُمی سٕنزٕ لاپرواہی پیٹھ زبردست اَڈزاڈ تہٕ ووٚنُس پگھ ووٚنی وٕلی وٕلی مےٚ سٕتی واپس تہِ اَن نوٚو تھال۔ یِم دوشوٕے گےٚ واپس تہٕ اوٚنکھ بیاکھ بٕرتھ تھال یہِ گزریمتس سوداگر سُند نیچو رۆد دٔژھوپہ دٕم گٔرتھ اَتی پزراران یوٚتانی یِم واپس آے۔ اَتھ دوران اوس سُہ مگر زبردست غوطن گوٚمُت زنانہٕ ہُندِ یہِ عجیب ورتاو وُچھتھ اوس سُہ تژبن تہٕ تژ واہَن گوٚمُت سوچان اوس سُہ کُس چھُ یوٚت ٹوٚٹھ اُمِس زِ اَمہِ تژ دوپُن ہُند رتہٕ آرام، پننہِ عزتک تہِ تھووُن نہٕ خیال تہٕ مالکِ سُند تہِ رۆدس نہٕ کانہہ بیم تہٕ بیٚیہِ پھیر دُبارٕ مِٹھایہِ تھال اَننہٕ خاطرٕ واپس گرٕ واپس یُتھ زِ اُمِس نفرس گژھِ نہٕ کانہہ مایوسی۔

جلدٕے واتی یِم اوٚتھ واپس۔ زنانہٕ اُس بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ لالٹین ہیتھ پکان تہٕ اُمِس پتہٕ پتہٕ اوس سُہ نفر مِٹھایہِ تھال ہیتھ۔ یِم تِتھے اُمِس بڑ وٕنہہ پٔھن درایے تہٕ سُہ رۆد یِمَن دوٗرٕ رِے پٔھن پتہٕ پتہٕ پکان۔ ووٗن واتی یِم بیٚیِس اَکِس بڑِس سوداگر سُند

گرٕ۔ اَتہِ رۄٹ اَمہِ زنانہِ یہِ تھال تہٕ مۆہنوس وۄنُن نیرٕ ژہٕ تہٕ پانہٕ کوٗرُن درواز
ٹھک۔

اَچھا أمِس سوداگرس اوس خبر گَتھ پیٹھ زبردست شرارت تہٕ سُہ اوس
یژھان زِ کانٛہہ گرِ اَمہِ ساتہٕ أمِس مداخلت لہٰذا ایٖلہِ تٔمۍ درواز کہ یہِ ٹھک ٹھک بوٗزِ
آو ہِکہٕ اورٕ تہٕ تژ وۄنس لورِ دَب اکھتے گَجہِ نَس اَمہِ غأر مُناسِب وَقتہٕ اورٕ یِنَس تہٕ أمِس
پریشان کرنس پیٹھ ناسز الکہٕ۔ اَمہِ لورِ ٹاسہِ ستۍ پھٹ سُہ کرٛھہٕ گرتہِ یُس أمِس بُز
ہیٛہرٕ بابن مَرنہٕ بڈ وٗنہہ دِتمُت اوس۔

تَمہِ وۄنُس ''میانہِ رفیقہٕ تہٕ شفیقہٕ، یۆت ناراض مَہ گژھ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ
کانٛہہ راہ زِ یہِ وأژس یۆت ژیرِ کٕ مےٚ اوس اَز بیٚنہِ کھاندر تہٕ یہِ یِیلہِ یورٕ گن پکان
أ ءسس مےٚ اوس اَکھ ارچو کھاء ستۍ یَس مےٚ ژےٚ خأطرٕ مِٹھأے وِتھأے تلنہٕ خأطرٕ
وٕنیاواَدٕ تٔمِس لۆگ ٹھوٗنکر تہٕ دِژن سوداأرِتھ پَتہٕ پیوٚ مےٚ واپس گژھُن تہٕ نوٗ (مِٹھأے)
اَءنۍ۔

اَمہِ پَتہٕ کر سوداگرَن ژھوپہ تہٕ زنانہِ تہِ یوسہٕ وُنہِ خوفہٕ کنۍ درواز ہِکہٕ
أس۔ تہٕ تھرٕ تجُن کرٛھ گرچہِ پھُچہٕ کھنجہ تہٕ ژایہِ لٕنڈر۔
تٔمۍ سُند خانہٕ دار یعنے گُرریمتس سوداگر سُند نیچو وۄت لۆت لۆت کھوٗر
کران درواز س نِش تہٕ بیوٗٹھ اَتی۔ تٔمۍ وُچھ یہِ سوداگر تہٕ زنانہٕ یکجا بِہتھ تہٕ مِٹھأے
کھوِان تہٕ یِیلہِ تِمو بیژٕ ہن ہیٚچ تیژٕ ہَن کھیٚنہِ تہٕ اَدٕ بوٗز تٔمۍ سوداگر أمِس کُن ونان زِ نۍ
ہا وُیہِ پھُٹمت کرٛھہٕ کر شاید او موٗجب زِ سُہ اَنہٕ ہے اَتھ شیرتھ۔ زنانہِ پلناوِ أمِس بِہ

سونہٕ کھنجہِ تہٕ اَتھ سام ہوان وُچھ اَمی گُوریمتس سوداگرہٕنز فہرست تہٕ یہِ نمبر کڈتھ لوگُن یہِ پرٛن سہٕ اوس واریہہ زیادٕ حٲران باسان۔ اَمی ہٕنٛدِس بٔتھس پیٹھ یہِ حٲرٲنی وُچھتھ پرٛژھس اَمہِ ژِ کیاہ دٔلیل۔

سوداگرن وَونُس "چون خانٕہ دار اوس سیٹھا بدقسمت شخص۔ زار۔ زار۔ تہٕ صرف زار بیوقوف۔ اَمس بٔڑ سوداگرسُنٛد یہِ دلٲئی ہُنٛد خیال۔"

"ژٕ رٕ کتھہٕ پٲٹھی چھی یہِ پتاہ؟ کیاہ خیال؟" زنانہٕ پرٛژھس۔

"کیازِ۔ یہِ کاغذ چھُ مےٚ ونان" سوداگرن دِتُس جواب۔ "یتھ منٛز چھُ سٲرُلم کینٛہہ لیکھتھ"۔ باسان چھُ چون ہیٚمر بابہٕ اوس سیٹھا امیر موٚہنیو یہِ زَن اَسہِ سارِنے تَس متعلق باسان تہٕ اوس مگر پوٚتس بیچھاوِ ژِسہٕ اوسہٕ (امیر)، سہٕ اوسہٕ ژرٛکہِ یژھان ژِمی ہٕنٛدی نیچوس یعنے چأنس خاوندس گوٚژھ اَمہِ سارے دولژ ہُنٛد پےٚ لگُن تکیاژِ سہٕ زٲری وُڈاوِ ہے اَتھ سٲری ہے تہٕ سٲری ہے گرِ ہے پھٕنٛژ پھاکہ لہذا رٕ دسہٕ پَتہٕ ذالہٕ دِنان۔ سہٕ اوس یہِ باس دِوان ژِ تَس اوس یِتے تہٕ باتیٚ سٲرُلم انبر وانبر و دولت تھاوِن ژوٚرِ۔ تمی سُنٛد سورُے سون تہٕ خزانہٕ چھُ چأنس خاوندٕ ہٕنٛدِ مکانہٕ کِس بٔنِمس یوٚہرس منٛز بیوٚن بیوٚن جایَن ژھیپرتھ۔ وُچھ یہِ چھُ یمن جایَن ہُنٛد فرست ژِ کِتھ کُس کُس چیز چھُ دوٚبرتھ۔ چون ہیٚمر بابہٕ اوس دانا۔ سہٕ اوس زانان ژِ میوٚن نیچو ترٛاوِ نہٕ توٚت تانی زار یوٚت تانی سہٕ سورُے برباد کرِ تہٕ ممکن چھُ تمہِ پَتہٕ مانیَس عقل۔ یتھ سونہٕ ہٕنٛدِس کرٛژھ گرس پیٚیہِ باتیٚ حاصل سپدن والین چیزن ہٕنٛدی پٲٹھی پٔنٕنہٕ قمت تہٕ پَتہٕ سٲرِے ژھیپتھ دولت لبنہٕ۔ یہِ بوٗزِتھ ژِسہٕ بنیاو بیہِ واپس امیر سہٕ مابنہٕ پتہٕ زیادٕ محتاط

تہٕ اَدِ ماتڑ بس فِکرِ زِ کمہٕ سختیہٕ ژلتھ تہٕ محنت کٔرِتھ چھےٚ مےٚ یہِ دولت حاصل کٔرمٕژ تہٕ اَمہِ پتہٕ تھاوِ اَمیک خیال تتھہٕ پأٹھی زنتہٕ یہِ اَمہِ پانہٕ زانہہ ہرٕ تہٕ کفایت کٔرِتھ پتھ پلہٕ کرِہہ آسہِ ۔"

زنانہِ ووٚن "اَچھا۔ ووٚنی توٚرمےٚ فِکرِ ۔مےٚ کیٛاز دِیت ہیٚر بابَن یہِ کژھ کرتہٕ مَرنہٕ بڑ وٚنہہ کیٛاز اوس سُہ مےٚ اَتھ لایق زیادٕ ذِمہٕ دأری تھاوان ۔مےٚ اوس یہِ خانہٕ دارس تمہِ وقتہٕ دِیُن ییٚلہِ سُہ تتھس حالس آسہِ ہے وٚتمُت ییٚتہِ سُہ تباہ حال گٔژھتھ چورتہٕ آسہِ ہے گوٚمُت۔

زنانہِ نالہِ مَتہٕ رٔٹتھ پرٕژھ اَمِس سوداگرَن زِ آیا ژےٚ چھیا پنُن خاوند زیادٕ ٹوٚٹھر کِنہٕ یُہ چھُس زیادٕ ٹوٚٹھ۔

زنانہِ ووٚنُس "مےٚ چھُکھ ژٕ ےزیادٕ ٹوٚٹھ تِکیٛاز خاوندن دِتی مےٚ اِزاہ یتہِ پتہٕ چھُنہٕ دوٚنی گوٚمت کوٚت چھُ تہٕ دوٚن زانہِ خدایس زِ یُہ ووٚچھہٕ نا سُہ دُبارٕ زانہہ۔"

سوداگرَن ووٚنُس "تیٛلہِ چھُ مےٚ چانُس ہیٚر بابہٕ سُند سورُے مکانہٕ دِنہٕ یُہ گژھہٕ تہٕ اَنہٕ تتہِ سُہ خزانہٕ وٚٹتھ تہٕ تمہِ پتہٕ ییٚلہِ سُہ سورُے ییٚتہِ محفوٗظ کروتہٕ یُہ دِنےٚ ژےٚ تہٕ پتہٕ روز وأسی یکجاتہٕ آرام تہٕ خوشی سان گُزاروٚ پننہِ زندگی۔"

زنانہِ کوٚرُس آنکار تہٕ دوٚپنُس ژٕ کریہِ سأرِے وٚلی وٚلی تِکیٛاز (تمہِ ووٚنُس) یُہ چھُس ہر ہمیشہٕ کانٛچھان زِ یُہ روزِ ہا ژےٚ ستی۔"

بجأرِس خاوندس سٕنز حالت یُس اَتہٕ مٕژ تھ دروازٕ نیٚبر گنہٕ پیٛتھ اوس یہِ

اوسُس سورُے کینژہ وُچھمُت تہٕ بۄ زمُت سو ہیکہِ وَننہٕ کھوتہٕ زیادٕ محسوٗس کرنہٕ یتھ۔ مختلف قسمن ہنٛدی رَلہٕ گاٲمتی جذبات ہیتھ دژا اوسہٕ اَتہِ پیٹھہٕ گرٕ واپس۔ تَس اوس زنانہٕ ہنٛزِ بے وفاٲیی ہُنٛد دوکھ مگر سہٕ اوس خوش زِ سہٕ بَنہِ بیٚیہ واپس امیر۔ لہٰذا غم تہٕ خوشی، خوٚشی تہٕ افسوٗس اُسی تَمی سٕندِس وَچھس لنٛد ردملہٕ ہمل لاگتھ زِ تَس اوسہٕ فکری تران زِ تس کیاہ پزِ کرُن۔ وَدُن کِنہٕ اَسُن۔ گاٛٹہٕ کھٔنٛڈی دوت سہٕ گرِ تہٕ وُچھن پنٕنی ٹاٹھ موج تہٕ تَمہِ گرِس خوش آوے زَن تہٕ کانٛہہ موٗمُت دُبارٕ دُنیاہس اوس آمُت۔

یہنٛدِ جُد اسپد نہٕ پتہٕ یہِ کینژھا اور سپُد مُت اوس تتھ متعلق کتھا باتھا کرنہٕ پتہٕ وۄن جوان سوداگرن ورژھیتھ زِ سو کیاہ ذٔلیل اُس یَیمہٕ کِنی تسُنٛد مول بظاہر یوٗت غربتس منٛز گُذریومُت اوس۔

"میاٲنی ٹاٹھی موج۔ اَسہِ پزِ یہِ دولت کھوٗ ومنٛز کڈٕنی۔ چونکہِ اَتھ متعلق چھے کینژن وو پرن پے یم نہٕ ساٲنی دوست چھِ بلکہِ چھِ تٔمی دُشمن اَمہِ کِنی چھُ ضروٗری زِ اَسی انو کھانہٕ تہٕ یہِ کامہِ ہن کرواٚزی راتس۔"

نصف راٗژ برنٛہے اوس تَمو سورِے خزانہٕ لوٚبمُت۔ سون، روپھ تہٕ لال جواہرن ہُنٛد اَکھ بوٚڈ انبارٕ یَیمہٕ کہِ مولُک لنٛد ازے ہکوٚ نہٕ گرتھ۔ گاش پھولنہٕ برٕنہِ اُس تَمو یہِ دولت بَدل کھوٗن منٛز دٔ براٗوٕمژ تہٕ پزٕنہِ جایہِ آسکھ گنہٕ تہٕ ژھوٹہٕ سٕتی پرُ وِمژ۔ صُبحنس کیٚتھ دژا اوگُذریمتس سوداگرسُنٛد نیچو خوش تہٕ خوشحال پاٹھی شاٲیستہٕ پکو لاگِتھ تہٕ تسنٛز موج اُس دروازس نشِے ہیتھ زنتہٕ اوذقہٕ خاطرٕ پنٛدٕ رکتان۔ جوان سوداگرن ژھٕنی فورن بیٚیس سوداگرسنٛز نوکری ترٛاوِتھ تہٕ رٔو دماجہٕ سٕتی۔ ہفتہٕ کھٔنٛڈی

بدلو وہُی دوٚیم سوداگرَن تیٚمس گوٚریمتس سوداگر ہنٛز ژوٚ رِتھاومژ دولٔژ ہُنٛد پےاُن لوٚگمُت پٔژن حلیہ تہٕ دِتن یہِ باس زِ سُہ اوس بیٚیہِ کمہِ تانٛی مُلکہٕ پیٹھہٕ آمُت تہٕ اُمس پانس ہِتی کینٛہہ لال جواہر تہٕ دوٚیم چیز اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس پیش کرنہٕ خاطرٕ اَنٛتی۔

یہِ بوٗزِتھ دیُت بادشاہَن اُمِس سمکھنُک اجازت تہٕ ییلہِ کر یہِ چیز دِچھنہِ سپُد سوداگرس پیٹھ کأنٛی خوش تہٕ ووٚننس یہِ ژےٚ میٚون مَدد ضرورت اُسی تہٕ گرٕ ہے۔ سوداگرَن کوٚر اُمِس شکریہ تہٕ ووٚننس زِ ہرگاہ مےٚ پانہٕ روزنہٕ خأطرٕ تہٕ سامانہٕ تھاونہٕ خأطرٕ جاے میلہِ سوٚ آسہِ تٔہنٛز مہربأنی۔ بادشاہَن ووٚنُس زِ ژٕ ہیکَکھ میأنِس کُنہِ مکانس منٛز روٗزِتھ۔ مگر سوداگرَن ووٚنُس یہِ گوٚژھنہٕ مےٚ بلکہِ گوٚژھُم شہرس منٛز مکانہٕ تہٕ ادٕ ووٚنُن بادشاہَس زِ توٚہی ہرگا کأنٛسہِ نفرس یہِ حُکم کرِی ہُویُس مےٚ جاے ژارنس متعلق مدد کرِتھ ہیکیہِ ہے۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر بادشاہَن پننِس بُڈِس وزیرس حکم زِ سُہ گوٚژھن سوداگرَس ہِتی شہر تہٕ یُس تہِ مکانہٕ اُمِس خوش کرِ سُہ دِین اُمِس۔

تِم پھیرِکی دوٚہَس وارِیاہَس تہٕ وُچھکھ ہر قسمکی مکانہٕ مگر یِمو منٛز موٗن نہٕ سوداگرَن اَکھ تہٕ اَمہِ پتہٕ اُسی تِم ووٚن مَحل خانس کُن پھیرنُک سوچان۔ یوٗت تانٛ تِم گوٚریمتس سوداگر ہنٛدِس مکانس نِشہِ وأتی۔

”آ۔ یہِ کیاہ چھُ اصل مکانہٕ تہٕ بیٚیہِ چھُ بازرس منٛز گوٚس پیٹھ۔ یہِ گوٚژھن چھُ۔“ یہِ ووٚنُس سوداگرَن۔

وزیرَن ووٚنُس ”مےٚ چھُ باسان زِ یہِ مکانہٕ اوس اَکِس سوداگرُنٛد یُس وٕنٛزِ

گُزریامُت چھُ تہٕ اَتہِ چھےٚ وۅنی تسٕنز زنانہٕ روزان یوسہٕ میٲنۍ کنٛز خوشی سان اُتھ کِنہٕ یاکرایِس دِینٛ آسہٕ یژھان۔"

اوےٚ تہٕ کوٚر ریمو دروازس ٹھک تہٕ دۅ پٔنکھ اَتہِ کُس چھو۔ جوان سوداگر وژاو تہٕ دۅ پٔنکھ اَژو اندر۔

وزیرَن وۅنُس "میٲن یہِ دوس چھُ یہِ مکانہٕ کرایس پیٹھ رٔٹُن یژھان۔ توٚہۍ کوتاہ ہیٚو اَمِس (کراے)۔"

جوان سوداگرَن "ربتس زٕ ساس روپیہٕ"۔

یوٚرِ وۅنُس سوداگرَن "ٹھیک چھُ ۔ مےٚ چھُ منظوٗر۔"

وزیرَن اوسہٕ یٔوت بوٚڈ سوداےٚوت سہل پٲٹھۍ سپدان زٕ ہیےٚ وُچھمُت سپدان تَمہِ کنٛز کرُنس گتھ "نہ نہ، زٕ ساس روپیہٕ گتھ یہِ چھُ متیوٗمُت۔ بہٕ دِمہٕ نہٕ پیٚژ کراے اُتھ اَکِس وٕری یِس تہِ۔ رٔٹھ ژٕ مکانہٕ تہٕ ژٕ دی زبنہٕ اَمِس اَمہِ گُستاخی خاطرٕ اَکھ دۅ ہِرک تہِ بہٕ وُچھِ پانےٚ یہِ ماکری ژےٚ تنگ۔"

مگر معاملہٕ اَژوراونک یہِ طریقہٕ یُد وٕےٚ بیٚیہِ ساعتہٕ سوداگر پانہٕ تہٕ ورتاوِ ہےٚ مگر اَمہِ وِزِ گووٕنہٕ اَمِس یہِ خوش۔ "زٕ ساس روپیہٕ۔ سو کوسہٕ گتھ چھےٚ۔" "تمۍ سوٗنچ "چھُ کیاہ یہِ تتھ بڈِس خزانس مقابلہٕ یُس یِیمہِ مکانہٕ کِس بٕنۍ مِس پورس منز ژھیٚپر اُوِتھ چھُ۔"

لہذا اسپُد یہِ طےٚ۔ سوداگرَن دِیُت اَتی یہِ رقم تہٕ جوان سوداگر تہٕ تسٕنز موج وژایہِ اَتہِ تہٕ گےٚ کوٚت تانۍ بدل جایہِ۔

بدلوو ہُمی دۆیم سوداگرَن تیمِس گُزریمتِس سوداگرٕ سنٛزِ ژۆ رِتھاوِمژٕ دولٕژ ہُنٛد پےاوس
لۆگمُت پٔژن حلیہ تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سُہ اوس بییہِ کمہِ تانٛی مُلکہٕ پیٹھہٕ آمُت تہٕ اُسس
پانس سٕتۍ کینٛہہ لال جواہر تہٕ دۆیم چیز اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس پیش کرنہٕ خاطرٕ اَنِتۍ۔

یہِ بۆزِتھ دِیُت بادشاہَن اَمِس سمکھنک اجازت تہٕ ییلہِ تُم یہِ چیز دِژِنہٕ
سَپُد سوداگرس پیٹھ کأفی خوش تہٕ وۆننس یہِ ژےٚ میۆن مَدد ضرورت آسی تہٕ گرٕ زِ بہٕ
سوداگرَن کۆر اَمِس شکریہ تہٕ وۆننس زِ ہرگامےٚ پانہٕ روزنہٕ خاطرٕ تہٕ سامانہٕ تھاونہٕ
خأطرٕ جاے میلہِ سو آسہِ تُہنٛز مہربأنی۔ بادشاہَن وۆنُس زِ ژٕ ہیکِکھ میأنِس کُنہِ مکانس
منٛز روٗزِتھ۔ مگر سوداگرَن وۆنُس یہِ گۆژھنہٕ مےٚ بلکہِ گۆژھُم شہرس منٛز مکانہٕ تہٕ ادےٚ
وۆنُن بادشاہَس زِ تۆہۍ ہرگا کأنٛسہِ نفرس یہِ حُکم کٔری ہُویُس مےٚ جاے ژٲرنس متعلق
مدد کٔرِتھ ہیکِہ ہےٚ۔ اَمہِ پَتہٕ کۆر بادشاہَن پننہِ نِس بڈِس وزیرَس حکم زِ سُہ گژھِن
سوداگرَس سٕتۍ شہر تہٕ یُس تہِ مکانہٕ اَمِس خوش کرِ سُہ دِین اَمِس۔

تِم پھیرِ دۆہَس وارِیاہَس تہٕ وُچھکھ ہر قسمکۍ مکانہٕ مگر یِمو منٛزٕ مون نہٕ
سوداگرَن اکھ تہِ اَمہِ پَتہٕ اُسۍ تِم وۆں محلٕ خانس کُن پھیرنک سوچان یوٗت تانٛز تِم
گُزریمتِس سوداگرٕ سنٛدِس مَکانس نِشہِ واتۍ۔

"آ- یہِ کیاہ چھُ اصل مکانہٕ تہٕ بییہِ چھُ بازرَس منٛز گۆس پیٹھ- یہِ کۆہنٛد
چھُ-" یہِ وۆنُس سوداگرَن۔

وزیرَن وۆنُس "مےٚ چھُ باسان زِ یہِ مکانہٕ اوس اَکِس سوداگرٕ سنٛد یُس دوٚزٕ

گُزریامُت چھُ تہٕ اَتہِ پچھے وۄنی تسنٛز زنانہٕ روزان یوسہٕ میأنِہ کنہٕ خوشی سان اُتھ کِنہٕ یا کرایس دِیُن آسہِ یژھان۔"

اوے تہٕ کۄر ریمو درواز س ٹھک تہٕ دۄ پہٕکھ اَتہِ گَس چھو۔ جوان سوداگر دژاو تہٕ دۄ پنٛگھ اَژو اندر۔

وزیرَن وۄنُس "میون یہِ دوس چھُ یہِ مکانہٕ کرایس پیٹھ رٹُن یژھان۔ تۄہۍ کوتاہ ہیو اَمِس (کرایہ)۔"

جوان سوداگرَن "رتبس زٕ ساس روپیہٕ"۔

یورٕ وۄنس سوداگرَن "ٹھیک چھُ ۔ مے چھُ منظوٗر۔"

وزیرَن اوسنہٕ یٔت بۄڈ سودا یٔت سہل پأٹھۍ سپدان زٕ ہے وُچھمُت سپدان تَمہٕ کنہٕ گۄنُس گَتھ "نہ نہ، زٕ ساس روپیہٕ گَتھ یہِ چھُ متیٚومُت۔ بہٕ دِمہٕ تہٕ ییٚژ کرایہ اَتھ اَکس وٕرۍ یَس تہِ۔ رٹھ ژٕ مکانہٕ تہٕ ژٕ دی زہنہٕ اَمِس اَمہِ گُستأخی خأطرٕ اَکھ دۄہ بر کتہٕ بہٕ وُچھِ پانے یہِ ماکری ژٕ نے تنگ۔"

مگر معاملہٕ اَنٛزراونک یہِ طریقہٕ یُدوَے بیٚیہٕ ساعتہٕ سوداگر پانہٕ تہٕ ورتاوِ ہے مگر اَمہِ وزِ گووتہٕ اَمِس یہِ خوش۔" "زٕ ساس روپیہٕ۔ سو کوسہٕ گَتھ چھے۔" "تُمۍ سۄنٛچ "چھُ کیٛاہ یہِ تَتھ بُڈس خزانس مقابلہٕ یُس ییٚمہِ مکانہٕ کِس بُنہٕ مس پورس منٛز ژھیٚپراُوِتھ چھُ۔"

لہٰذا اَسپد یہِ طے۔ سوداگرَن دِیُت اَتی یہِ رقم تہٕ جوان سوداگر تہٕ تسنٛز موج وژا یہِ اتہِ تہٕ گے کۄت تانی بدل جایہِ۔

پننہٕ گوڈنٛچہ فرضٕہ منٛز کھوٚن اٚکۍ سوداگرن تٔمن وارٕہن جاین پٮ۪ٹھ بٔڑ
ہُنٛد ذکر سونہٕ ہنٛدِ کرٕھہٕ کٔرِ منٛزٕ دڑا امتِس فرستس منٛز اوس مگر تٔس دڑاونہٕ آتہٕ کھوورٕ
بیٚنہٕ کھنٛی۔

تٔمۍ سوٚنچ ''یہِ کیاہ بدقسمتی! یاتہٕ چھُ یہِ فرست گُزرٕمتۍ سوداگرن دھوکہٕ
خاطرٕ لیوکھمُت نتہٕ چھےٚ امہِ رازٕچ بیٚنہٕ کُس تانۍ پَے لٔجمٕژ تہٕ مےٚ بروٚنٹھے چھُ
ووتمُت۔ لعنت یتھ جایہِ۔ تٔمن تہِ لعنت یٔمن یتھ ہستی کانٛہہ تعلق چھُ، تٔمن تہٕ لعنت
تہنٛدِس خاندانس منٛز چھِہ۔ اکھےٚ تٔمن تہِ یِم تٔمن نِش کام آسن کران۔ بہٕ گوس برباد
بہٕ گوس تباہ۔'' یِی وَنان دِژ تٔمۍ پننٛہٕ نس دٔسس تہٕ کھورِ بانس تھپھ تہٕ پاگلہٕ ہنٛدۍ پٲٹھۍ
سَپُد پٔنُن گرٕکُن روانہٕ۔ یُس شہرٕ نٔبر پھن کِہے دۄر اوس یہِ زَن اَسہِ گوڈے پتاہ چھُ
تِتھے یہِ نٔنیاوزِ سوداگر دڑاو اَتہٕ گُزرٕمتِس سوداگرسُنٛد نٮ۪چو تہٕ اٚکۍ ہنٛزِ موج آے دٔبارٕ
لگۍ مکانس منٛز بسنہٕ۔ وارٕ وارٕ لاج جوان سوداگرن پننٛۍ دولت نٔنۍ کڑنۍ یتھ زِ تٔمِس
کانٛہہ شک گژھِہ ہےٚ نہٕ تہٕ کمہٕ ہےٚ کالس منٛز آوسہٕ مُلکہٕ کِس اکِس بارس تہٕ بازِ
ہنٛزِ خٔریٛژ گنٛزراونہٕ تہٕ تِتھے پٲٹھۍ میوٚلُس عزت یتھہٕ کنۍ اکہِ وقتہٕ اٚکۍ ہنٛدِس ماٲلِس
اوس۔

اکہِ دوہہٕ ووٚنُس ماجہِ۔ ''دیہ سُنٛد چھُ شکر زِ ژٕ بنیو کھ ملکک اَکھ بارس تہٕ امہٕ
امہِ کِنۍ چھُنا یہِ لازِم زِ ژٕ ژےٚ پزٕنۍ ووٚنۍ پننٛۍ زنانہٕ اَنٕنۍ۔''

اٚکۍ دِتُس اورٕ جواب ''اَتھ متعلق چھنہٕ مےٚ کہنٛہ کتھ بوزٕنۍ۔''

مگر تٔمۍ ہنٛزِ ماجہِ اوس اَتھ پٮ۪ٹھ دۄل گوٚنڈمُت تہٕ سو گٔیہِ اٚکۍ سُنٛد ہوٚدٕرتہٕ تٔمی

وعدٕ ہیتھ لاٚجن پَتہٕ نِس نیچِوِس مأنٛز راونٛچ کوٗشش کرٕنۍ یُتھ زِ تِسنٛز زنانہٕ پیہِ واپس۔ اکہِ دوٚہہِ دوٚہہ کوٚر رتِمو اَمِس سال تہٕ تیوٗت کوٚر ہَس زور زِ تٕمِس روٗدنہٕ گۅنٛہنس چارے۔ تِتھس گرِ باٚژس یُس ووٗنۍ سبٹھا ناماوار اوس بنیوٗمُت تٔمۍ کٔر پننِس استقبالہٕ خاطرٕ آسہٕ وارِیاہ تیاٚرِیہ کرنہٕ آمژٕ۔ مکانس اوس شاندار فرش کرنہٕ آمُت، اصلہٕ کھوتہٕ اصل کھینہٕ چیز آسے اَنہٕ۔ مول تہٕ موج اَسۍ ووٚدٕنۍ یِیلہِ زَن اٚکۍ ہنٛز زنانہٕ لولہٕ ہُوتہٕ اَسٕنہٕ ہونٛچِہ مگر سیٹھہ داٚسنہٕ اَمِس کُن وُچھتھ ہبکان تہٕ نہ زیادٕ کینٛہہ اَمِس خاطرٕ کٔرِتھ ہبکان تِکیاز یِ سُہ اس وارِیہس کالس اَتہٕ نبرٕ ے۔ سو اَس ونان زِ مےٚ اوس باسان زِ بہٕ ہیکَن نہٕ ووٗنۍ یہِ زانٛہہ دُبارٕ وُچھِتھے تہٕ اَمہِ کِنۍ اَس صرف ودان۔

راتَس یِیلہِ یِم باٚژٕ اکہِ کمرس منٛز یکجا شونٛگِتھ اَسۍ تہٕ پٔتھ لحاظہٕ ژھوپہٕ اَس نوجوان شہزادَن کنٛڈ ہنٛد رِ منٛز سخت ووٚتھ تہٕ دِژن کربکھ ''اوٗہ، اوٗہ۔ یِہ چھا پوٚز یہِ ہیکیاہ پوٚز آسِتھ؟ تہٕ پَتہٕ دِتُن واپس بسترس پیٹھ پان داٚرِتھ۔ ہنا سنبلیاو تہٕ ووٗنُن ''مےٚ وُچھ خاب۔ مگر اوٗہ۔ یُتھ (ووٚکھہٕ) خاب۔''

قدرتی پٔژھُن زنانہٕ زِ کٔمۍ کتھہ متعلق اوس خاب وُچھمُت۔ تٔمۍ دِتُس جواب ''مےٚ وُچھ زنتہٕ یَتھ گرس منٛز بوٚڈ کھاندر۔ چانہِ بینہِ اوس اَکِس سوداگر ہنٛدِس لٔڑکس سِتۍ کھاندر یُس اکہِ دوٗرِ مُلکہٕ پیٹھہٕ آمُت اوس۔ مےٚ باسیوو زِ بہٕ چھُس اَمِس سوداگر سُنٛد اکھ موٚہینوٗ اتہٕ تٔمِس تہٕ مہرازس سِتۍ چھُس یور آمُت۔ بہٕ تہٕ بیٚیِس باقے پٔژھِن سِتۍ بَتہٕ کھینہٕ پِتھر۔ ژٕ اَسِکھ کھینن خوردنی باٚگراونٛچہِ کامہِ نظر گُزرتھاٚوِتھ تہٕ تِتھہٕ پاٚٹھۍ واٚتِتھ یہِ کاٚم نِکھہٕ زِ پٔژ بتھ کاٚنسہِ گرٕشھِ بَتَس تہٕ سبزِیہ سِتۍ مازتہٕ ژٹینٛژ واتنۍ ماسولہِ مےٚ۔

ئہ باسیوٗ وٚسے ژٕے ییٚمو سارِے یوٗمژٕ کم پایہ۔ ئہ گوس رُسوا تہٕ أندری گوم دٔمتہٕ پٔتِن ہٕتہٕ سبزی تھال ہیتھ وٗتھس آنگنس منٛز تہٕ بیوٗٹھس پیٛچھ وٕنِن تہٕ اتہٕ سمیٖمتین لوٗکن منٛز۔ کینٛہہ کأرٕ آیکھ ژٕتہٕ بأگرووتھ کینٛہہ کھٕین تِمَن بیٛچھہِ وٕنِن تہٕ تِموٗمنٛز أکس آلوٗ کرتھ وٗنُتھ تَس پرٛارنہِ خأطرٕ ییتھ زِ سُہ تِمس نفرس خأطرٕ مِٹھأے وغأرٕ ٹُلنس منٛز پکرٕہی تیٚمس نِش ژٕ گرٕھُن أسِکھ یِژھان۔ مےٚ وُچھِکھ ژٕگرٕ منٛز لالٹین ہیتھ نیران تہٕ أکھ بوٚرتھال دِتُھ أمس نفرس اتھِ تہٕ پتہٕ دژ ایکھ۔ ئہ دژاس ژٕے پتے۔ اڈٕ تَس منٛز لوٗگ أمس نفرس ٹھونکرتہٕ پیوٗس تھال وٕستھ تہٕ یہ کینٛژھا اتھ منٛز اوس تہٕ آوٕ چھکراونہٕ۔ پتہٕ وُچھِکھ مےٚ ژٕ واپس گرٕھان تہٕ بیاکھ مِٹھایہِ تھال ہیتھ واپس ییتھ دژ ایکھ ژٕ دُبارٕ۔ ئہ اوس سۄ توٗہہ دوٗشوٕنی برابر نظرِ یوٚت تانی توٚہی أکس سوداگر سٕندِس دروازَس نِشہِ وأتو ژٕے روٗٹُتھ اتہٕ مجمعہٕ تہٕ بیٛچھہِ وٕنس دوٗپُتھ نیر۔ دروازَس کوٚرُتھ ٹھک۔ ظأہر چھُ زِ سوداگرس اوس سخت شرارتھ تِکیازِ ژٕے اوسُتھ واریٛہہ ژٕر لوگمُت تہٕ مےٚ وُچھ سُہ ژٕے دَب ترٛاوان اَمہِ دَبہٕ سٟتی وُچھمے ژٕےٚ سُہ کرٕھہٕ گرٕ پھُٹِتھ کھنٛجہِ کھنٛجہ گرٕھان یُس ژٕے میأنٛز مأکرٕ دِیتُمت اوسُے۔"

پٔننہِ خابُک یہِ بیان دِوان یوٚت تانی سُہ ووتُمت اوس تتھ وقتس تانی اوس اَمہِ تیٚؤتاہ بٔلی کہِ تِمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ برداشت کوٚرمُت یہِ تَس بِژر اوس۔ ییٚمہِ خیالہٕ زِ تَس اوس سأری ہےٚ نٕبر گوٚمُت تہٕ أمی سُند خانہٕ داراوسنہٕ کانٛہہ خاب بیان کران بلکہِ تہٕ یہِ پوٚز اوس۔ یہِ اوس تِمہِ ہُریمانہٕ یہِ سوٗ وبتِرتھ ہیٚکِہ ہےٚ۔ خوفہٕ سٟتی دِیُت اَمہِ أتی امی ساعتہٕ امانت۔

ییٚلہِ خانہٕ دارن یہِ وُچھ زِ اَمِس ناچھنہٕ جبا حرکتھا گٔنہٕ ہٲکہِ چھےٚ رٕٹتھ گمُت تہٕ اَچھ چھِس ترتھہٕ کٔڑلتس کُن دَرَس لَجِھٕ زنتہٕ یم پھٹتھ یِہن نیرتھ سُہ کھوٗژتہٕ سوٗچن "یہِ موٗ یہِ میانے۔" اَمِس اوسنہٕ افسوٗس تہِ کانہہ تِکیاز اَمی سٕنز سارٕے مارے اَمِس اَمی سٕنزِ زنانہِ ہٕنز بے وفٲیی نِہتھ نمٕژ۔ تَس اوس صرف اَکُے خوف زِ اَمی سُنٛد ہَش ہُمر کیاہ وَنہِ تہٕ بیٚیہِ کیاہ وَنن ساری لُوکھ مےٚ متعلق ییٚلہِ تِمَن اَمہِ معاملک پَے لگہِ۔ "مےٚ پزِ یہِ لاش کُن نِنۍ۔" تِمو وۄن پانسے یِتھ۔ اوٚنۍ کنۍ بٕرأمی یہِ اَکِس بڈِس وُسس تہٕ تِجِن پھیکِس پیٹھ تہٕ واتنأوِن تِمَس سوداگرسُنٛد گرِ تیمی یہِ ورغلأ ونٕژ اَس۔ یہِ اَتہِ ہیرِ پیٹھ تھاوِتھ کوٗر رُن درواز س ٹھک۔

سوداگرس باسیاو زِ یہِ چھےٚ یہے زنانہٕ یوسہٕ اَمِس نِشہِ پولنٕ چھےٚ تِمو کھوٗل ژکھہِ سانےٚ درواز تہٕ ہیرِٕ ن تَس ییمہِ خاطرِ بوأری گرِنٕ زِ سو کیاز روٗز ییتس کالس راٗنۍ ہِسے نِشہِ۔ سُہ اوس یہِ ساٗلِم یہِ وُچھنے کران تہٕ ونان زِ آیایہِ زنانہٕ چھاأتی رٕکنہٕ نہٕ۔ مگر ییٚلہِ نہٕ اور کانہہ جواب میوٗلُس تہٕ نہٕ کانہہ اندرےٚ ژاو سُہ ووٗتھ یہِ وُچھنہٕ خاطرِ تھوٗد زِ اَتہِ کُس چھُ۔ ییٚلہِ اَتہِ اَمی لاش وُچھ سُہ گووحأران تہٕ پریشان تَس باسیاو زِ یہِ زنانہٕ موٗ یہِ أتی تِکیازِ اَمی کوٗر درواز س ٹھک۔ تِمو تُجِ یہِ لاش تہٕ ووٗلُن اَمِس اَکھ پٹُر تھان تہٕ تھأوِن یہِ پتہٕ نِس وانس منز اَکِس خأٗلی المارِ خانس منز۔

یہِ ساٗلِم وُچھ ہمی جوان سوداگرن دارِ نیٚبرِ کِنۍ تہٕ دژاو واپس۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحَس ووٗتھ یہِ وارٕیہہ ژیرِ کِنۍ بٕندرِ۔ خبر سُہ ماووتھہ ہےٚ نہٕ اَمہِ وِزِ تہٕ ہرگانہٕ تَس ہیٚیرِ بابہِ یہِ پرٕ ژھنہٕ خاطرِ سوزِہے زِ ژے کیاز کھوٚتھ چوتھ نہٕ صُبحَس

کیٛتھہ۔

تمۍ وۄن پَنٕن عذر ہیٚو باوان "ئہ اوٚسُس سخت تھوٚ کمُت تہٕ پیٹھہٕ آیم یتہٕ اَتھہٕ ہِنٛدِ عجیبہٕ ورتاوٕ، کٔنٛز ژیرتانۍ بنٛدٕ رے۔ سوٗ دٕ ژ ایہ منٛزٕ تہٕ ژٕ ج خبر کوٚ ت۔"

یہٕ بوٗ زِتھ وۄن اَمۍ ہِشرِ ہشہٕ ماجہِ یوسہٕ پنٕنہٕ کوٗرِ ہِنٛدِس اَمِس بیٚیس سوداگرس ستۍ پھوٚل واٹنس واقف اُس تہٕ وُچھوے اَمہٕ خاطرٕ یہٕ زٕ اُنتھ زِ اَمِس چھُ خاوند وۄنۍ مۄمُت ہواتہٕ دِتمُت اوس تِہنٛدِ اَمہٕ عجیب ورتاوٕ باپتھ معافی چالہٕ۔ "شاید ماچھےٚ سۄ ٹھیک تہٕ توے آسہٕ دۄیمس کٹھس منٛز شونگنہٕ گٔمژ۔ ٹھٔہرٕ ئہ وُچھنےٚ سو۔"

وۄن ییٚلہٕ سو وُچھنہٕ دٕ ژ ایہ تہٕ جوان سوداگرن وۄن پَنٕنہٕ نِس ہیٚبرٕ بابس زِ مےٚ سٕنہٕ پَنٕن وان یُتھ ئہ تمہ کیٛتھہ چیز مٔلۍ ہمہٕ ییمہٕ سٕہٕ مےٚ پَنٕنہٕ نِس وانس پیٹھ چھِ۔ ہیٚبرٕ بابن کوٚ رُس آنکار تہٕ دٕ ژ اے تمہ امے ساعتہٕ۔

جوان سوداگرن وُچھ سارۍ چیز مگر تہٕ میوٗلُس نہٕ یہٕ سُہ ژھانڈان اوس۔ اَمہٕ پَتہٕ وۄنُس ہیٚبرٕ بابن زِ وولہٕ ئہ نمِتھ ژٕ بیٚیس سوداگر سُنٛد گرِیُس مےٚ سبٹھاہ دوست چھُ ممکن چھُ تمِس آسَن تمہ چیز ضروٗ ریم ژےٚ ضرورت چھی۔ بیٚیہ وۄننس "سُہ چھُ دۄرٕ ے پہن وۄن گوو ژتھ چھےٚ ٹھیک تہٕ سوداگر چھُ بڈٕ چالاک تہٕ بااخلاق تہٕ ژےٚ پزِ تَس ستۍ زان پچھان کرٕنۍ۔" اَمہٕ پَتہٕ دٕ ژ اے تمہ اَمِس چالاک تہٕ بااخلاق سوداگر سُنٛد گرِ کُن۔

یہٕ شخص اوس پوٚ تو لاکن سےٚ ییٚمۍ گزریمتس سوداگر سٕنٛدِس نیٚچوِ سٕنٛز زنانہٕ ورغلاوِمٕژ اُس۔ پرمیشورن کوٚ ر اَمِس بدخصلت شخصہٕ سٕنٛزِ بربٲدی خاطرٕ تہٕ عجیب

اتفاق۔ یِہنٛدِس اور واتنس پیٹھ کوٚر ییٚمن اَمی سوداگرن سو دِلہٕ استقبال تہٕ خوشی خوشی سان ہاؤدِن ییٚمن پیٚنٛز زیادٕ تر چیز تہٕ خزانہٕ مگر کینٛہہ پٔٹ تھان، پشمینہٕ پچہ، ریشم تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ ساماںہٕ اوس اَنٛدرِ مس لوکٹس کُٹھس منٛز ییتھ کُن جوان سوداگرس نظر ہِش پیٚیہٕ تہٕ یوٚ ژھُن زِئبہ وچھہا اَتہٕ تہٕ۔

''ہایم چھنہٕ خاص کینٛہہ تِی یہ ژنے گوڈے وُچھتھ تہٕ وؤں گتھ کتھ چھِ یم وُچھِنی'' سوداگرن دِژ اَمس نہون گلے۔

تہٕ کرِتھ تہٕ تُجس نہٕ گُزریمتس سوداگر ہِنٛدی نیٚوِی تھپھ تہٕ اکھُتے دزاو یانے اور کُن امہٕ کنٛز زون سوداگرن زِئسہ تہٕ ہیٚکہِ نہٕ شاید یم چیز وُچھنہٕ نِشہٕ اَمس ڈاٚلتھ تہٕ اکھُتے ہیٚکہِ سُہ کُنہ وُنہٕ پاٚٹھی تمہٕ پٔٹ تھانہٕ نِشہٕ اَمی سُنٛد توجہ ڈاٚلتھ ییتھ منٛز لاش ژھیٚپر اَوِتھ اَس ہرگاہ سُہ یم چیز نبر کڈِتھ ہاوِ بس۔ مگر افسوٗس باقٕے ساری تھان اَتی تراَوِتھ پھیٚر اَمی سُے یوٚ ڈیٚٹ تھان تہٕ تتھٕ کنٛز گیہ لاش ژٔر۔

سونچ تویٚمن تژ شوٗنی زنٛبن کیاہ حالت آسہٕ سپز ہِژ۔ زنانہٕ ہُنٛد مول گوو یوٗت خوفزد زِئسہ پھوٚغش ہیٚتھ اَتی۔ تسُنٛد دوس سوداگرتس ژلیہِ یہِ وُچھتھ ترٛ ہ نٔتھ زِکر دِژِ نُمتھ لبہٕ سِتی اتھہٕ تہٕ جوان سوداگر روٗد اَتھ جایہ بظاہر سخت دوکھہٕ ہوٚت اور یور کران تہٕ ونان ''مےٚ موٚیہ زنانہٕ ہتامیأنی زنانہٕ ہاموٚیہ'' تہٕ تھانہٕ دارس آلو کران زِژ کر تحقیقات تہٕ قاتلس دِسزا۔

''یارا، ژھوپہ کر، کر ژھوپہٕ'' پنٛنہٕ امہٕ کربکہٕ ریکہ کھالناوکھ ژمےٚ اَمس زنانہٕ ہُنٛد خوٗن اتھٕ بارٕ'' دوٚنس سوداگرن۔

''مہ کرمےٚ ءستی ژٕ کہنی۔ بٕہ سمجھاوَن سائلم کینٛہہ پولیس۔'' سوداگر سُندٕ اَتھ یُس تمِ کرٕ سبٹھا نرمی سان أکِ ءسندِس پھکِس پیٹھ اوس تھووُمُت بوٚن والان وۄنُس جوان سوداگرَن۔

''میانہِ یارا۔ ژٕ سوچ۔ ژےٚ کیاہ فأیدٕ چھی ہرگا کانٛہہ مرِ۔ دیوتاہن چھےٚ پنٕناو زِمےٚ چھنہٕ کانٛہہ تہِ راہ۔''

''بٕہ چھُسے ونان۔ مےٚ تژ اویلہٕ۔ مےٚ گژھہِ انصاف''۔ کربِکھ دِتھ وۄنُس جوان سوداگرَن۔ ''ژےٚ میلی پنٕنہِ اَمہِ ظألم حرکژہ ہُنٛد سزا۔''

''یارا'' سوداگرن وۄنُس ''بٕہ چھُسے ژےٚ منت منگان ژٕ روزٕ اَتھ گتھہِ باز۔ یہِ کینٛژھا ژٕ ونکھ تہِ دِمےٚ مگر صرف مَتہٕ تژ اوتہٕ یہِ کتھ نبر۔ ہرگا یہِ گتھ نبر دژلہٕ تہٕ یہِ گتھ زِلاش سپِز میانہِ گرِ برآمد تہٕ یہِ أس پٔڑ تھانس وٕلتھ یِتےٚ ثبوت چھ مےٚ خلاف کافی۔ میأنی سأئلم دولت، میوٚن مال، میأنی سأری چیز گےٚ ژےٚ مگر میوٚن عیال تہٕ میوٚن ناو بچاو تہٕ۔''

یتِس کالس اوس زنانہِ ہُنٛد مول تہِ حبہٕ آمت تہٕ تَس ءستی ییلہٕ کتھ سپٕز موٚن زِنٕہ سوچہِ یِ تسنٛز کوٗر أس دیوتاہَن ہنٛزِ مرضیہٕ کنٛی موٗمژ تہٕ تمِ کرٕ ءسندِس دوست یٔنِہ سوداگرس اوس نہٕ اَتھ مۄژ کانٛہہ راہ تہٕ اَمہِ سوچہِ خأطرٕ رٹہٕ سہٕ دوستہٕ ءسنٛز روپیہ تہٕ مال رشوت ژنٛگی۔

اَمہِ پَتہٕ پھیرِ سوداگر تہٕ تَسنٛد زامژ واپس۔ واپس پکان وۄن زامژِ ہیہرَس زِمےٚ دِگر گژھنک اجازت تہٕ کوٗرِس اَتی پیٹھہ روخصت۔

أمی ہسنز موج گیہِ أمی ہسندِس بوٗت جلد واپس ییٚنس پتھ حاٗران سُتہٕ ییٚلہِ یہِ زنانہِ ورأے وُچھن۔ تِمو ووٗن ماجہِ مےٚ چھُ اِرادِ زِ بہٕ اَنن سو پتہٕ پہَن۔ تہٕ گرتھ تہٕ ہیوٚ کنہٕ تِمی زیادٕ کالس یہِ بسر تھأوِتھ تکیاٗ زِ تِمی ہسندی یاردوس تہٕ حق ہمسایہِ اُسی اُمس برابر پرٛژھان روزان زِ تِمی ہسندِس ژٕپری ییٚنس کیاہ وجہ چھُ اَمہِ کنہِ ووٗن تِمی یِمن اورٕک یوٗرٕک بہانہٕ گرِتھ تِمی ہسندِس ہنگہ منگہ مرٛنس متعلق۔ اَمہِ پتہٕ آو تَس زور کرنہٕ زِ سُہ گرِن نوٚو کھاندر مگر سُہ اوسنہٕ مانان تہٕ ونان اوس زِ مےٚ چھےٚ زنانن پتھ پژھے رأدھرٕ۔

تِمو ووٗنہس "مگر سارے زنانہٕ چھنہٕ ہشے۔ کینٛہہ چھےٚ رٕژتہٕ کینٛہہ خراب۔ کینٛہہ چھےٚ زَنتہٕ چھجل بونہِ ییٚمہِ کِس شہلس تَل انسان لرتز اُدِتھ آرام تہٕ سکوٗن چھُ پرٛاوان تہٕ کینٛہہ چھےٚ ییٚے بَرٕ پیٚٹھٕ چھِ ہونہِ ییٚمہ لَد رنبر نیرٕن وِزِ اِنسانس زنگہِ چھےٚ ژوٗپ دِوان روزان۔"

تِمس روٗ دی یاردوس زور کران تہٕ چھیکرس ووٗن تِمی۔

"اِدسا۔ شاید، گرٛھہِ میانہِ خاطرٕ کھاندر کرنُے جان مگر مےٚ گوٚھہِ پننہٕ مرضیہِ پیٚٹھ کھاندر کرنُک اجازت دِنہٕ ییٚن۔ یوسہ زنانہٕ پننہٕ شکلہِ، عادتو تہٕ اخلاقو کنہِ مےٚ خوش کرِتسی ہتی کرٕ بہٕ کھاندر بیٚیہِ تہٕ کانٛسہِ ہتی۔"

کینٛژٕ دوٗہ ہیٚرٕ تِمی زنانہٕ ژھانڈٕنی۔ سُہ گوو تِتھ شہرس ییٚتہٕ سُہ سوداگر روزان اوس تہٕ ییٚمس نِش سُہ کینٛژن وُری ییٚن ملأزِم اوس تہٕ ییٚمی ہسندی نیچوی تِمی ہسنزِ ساأج ہتی کھاندراوس کوٚرمُت۔ یہِ ووٗت سوداگر سُندِ گرٕ تہٕ ییٚلہِ تِمی یہِ وُچھ زِ سُہ چھُ خوشحالے تِمی دیُت بیٚیہِ اُمس نوکری خاطرٕ درخواست تہٕ ژٕھس واژٕ ہسنزِ نوکری۔

أمِس سوداگرس أس اَکھ سبٹھا دانا، مأری مۆز تہٕ پاک باز کوٗر۔ تمی ہنز دلنأیی، خوٗبصورتی تہٕ رٕژرأسی مُلکس پھٕرِنی۔ یہِ ثابت کرنہٕ خأطرٕ ژِسو چھاتیرٕ جان ہیرٕ سوآسنی گژھہِ اَمی مقصداوس سُہ دُبارٕ أمی ہندِس مألِس نِشہِ نوکری کرنہِ گومُت۔

اَکہِ دوہہٕ باوسوداگرَن یہِ خأہش ژِ سُہ گژھہِ ہے اَکِس مألِس یُس أمی ہِنْد گرِ نِشہِ واریہہ دوٗر لگن وول اوس۔ سُہ اوس پٔنٕنی زنانہٕ تہٕ باقٕے عیال تہٕ ستی نِین یژھان مگر یہِ اوسُس نہٕ سمجھ یوان ژِ یہِ کتھہٕ کنی ہیکہِ سُہ کرِتھ۔ لہٰذا اپٕز ژھ تمی زنانہِ مشورٕ تہٕ تمہِ وۆنُس ژِ أسی تھاوون یہِ خوبصورت تہٕ رٕژ کوٗر گری تہٕ سوتھاوِ گرس تہٕ باقٕے چیزن نظر گزر تہٕ بیٚیہِ پٔزنہٕ تَس ووٗنی لوٗکہٕ جسرَس مۆز گژھُن تِکیازِ سو چھےٚ بالغ تہٕ کھاندرس چھےٚ وأژمٕژ۔ سو روز ِ بُجہِ دایہٕ ستی تہٕ واژ تہٕ چھُس بیٚتی۔ دا ے نیَس پانَے پَنہٕ نِس کُٹھس مۆز کھین چَن۔

لہٰذا اگےٚ تم سأری مألِس ما سوا یہِ رٕژ تہٕ مأری مۆز کوٗر، دا ے تہٕ واژ۔ واژَس اوس وَننہٕ آمُت ژِ سُہ تھاو گرُک خیال تہٕ بیٚیہِ روزِ کورِ ہِندِس کھنبس چنبس حبسہٕ۔ کُنہٕ تہٕ صورتس مۆز اَژِنہٕ تمی کٕر ہِندِس کُٹھس مۆز تہٕ تھووہس خوف ژِ ہرگاہ تہٕ کوٗ رتھ تیٚلہِ چھی جرمانہٕ تہٕ بُرن تہٕ بیٚیہِ یِکھ کیٚڈ تھ ژھننہٕ۔

یٚیمہِ دوہہٕ سوداگر تہٕ تمی کٕ سُند عیال دژ اوتمہِ دوہہٕ صُبحأے دژ او اتفاقن یہِند گرِ کِنی مُلکہٕ کِس بڈِس وزیرِ سُند نیچو تہٕ اَتہِ وُچھن یہِ خوٗبصورت کوٗر دروازس پیٹھ وودنہٕ۔ أمی سُند حُسن وُچھتھ آو تَس غش۔ یام سُہ پَنہٕ نین جنبن مۆز آو سُہ ژاوتمی دروازٕ کِنی مکانس اندر ییٚتہِ تمی کٕر یہِ کوٗر وُچھمٕژ أس اتہِ سمکھیاو واژس تہٕ ووٗنُس ژِ کرنہٕ

کوٚشِش تہٕ یِہ سمکھاوتَن مےٚ بُہ گرٕ ہاأمس ءتہٕ گتھ تہٕ وعدٕ کورنس زِہرگاژٕ اتھ منٛز کامیاب سپدَ کھٕبہ دِمے وار یہہ بوٚ ڈ انعامہٕ۔

''جناب، یِہ گو وسورٕ ے فضوٗل'' وازَن دِتُس جواب'' مےٚ چھُ مأ لکن مُکمل پأ ٹھی أمس کُٹھس منٛز کھین چن واتناوُنس ٹھاک کوٚ رمُت۔''

''مگر بُہ چھُسے ژٕ ے التجا کران زِ ژٕ کر کوٚشش تہٕ میانہٕ خأطرٕ کرتہٕ یِہ'' وزیر ہٕندی لڑکن کوٚ رُس زور۔

''بُہ ہیکہٕ نہٕ کٔرِتھ'' وازَن ووٚنُس۔ ''صرف چھےٚ دا ے أمی ہٕندِس کمرس منٛز اژان گژھ وَن تٔمی سے''

''گرتَس ؤلی ؤلی آلو'' وزیرٕ ہٕندی لڑکن ووٚنُس صرف گژھن یہ مُلاقات طےٚ توہہٕ دوشوٕنی دلیہٕ تہٕ تہٕ ژٕ ے تہٕ دِمہٕ بُہ بڈٕی انعامہٕ۔''

کینژ ومنٹو پتہٕ آیہٕ دا ے یٚیمہٕ وار یہہ بوٚ ڈ رقم اروٗٹ تہٕ فل فوروا تنووٗن وزیر سُند نیٚچو پَنہٕ نہٕ أمس لو کچہٕ مأ لِکنہٕ ہٕندِس کمرس منٛز۔ اوراَژنہٕ وِزِہ ژھُس سوداگر کورِ زِژ کُس چھُکھ تہٕ گتہٕ پیٹھہٕ آ کھ۔ زِ سبٹھا ضرٗ وری سوال یَمَن جواب زانہٕ پتے سو وَنہٕ ہے بُہ، کتھہٕ پأ ٹھی یٚیمہٕ أمس پیش۔ تٔمی دِتُس جواب ''چون یہ مأ رٕی موٚند موکھ وٗ چھتھ آس بُہ ژٕ ے ءتہٕ ملاقات کرنہٕ بُہ چھُس وزیرٕ سُند نیٚچو۔''

''اِد آس تہٕ'' تمہٕ ووٚنُس ''مگر اَمہٕ برٕ وٗنہہ زِ بُہ گرٕ ژٕ ے ءتہٕ دوٗ یم کتھ ژٕ ے پیٚیی مےٚ اَکھ لچھ روپیہٕ دِیٚن۔''

وزیرٕ ہٕندی نیٚچوی تر وو ؤلی ؤلی چندس اتھہٕ تہٕ اَتھ متعلق پرولنہٕ کڈِتھ تھووٗن

یہِ اُمس بڑ وٕنہہ گنہِ۔ پَتہٕ وٕنُس تمہِ "ژبے ہاؤتھ بہادری۔ مگر ژٕنے چھیاپناڑ ییہ
گتھِ باتھِ خاطرٕ کوتاہ خطرٕ ہیوٚتُتھ ژٕنے ہرگا ژٕنے مول بوزی سُہ گژھی ژٕنے ناراض یہ
ہرگامیٖانی مالِکی چون یورٕین بُوزسُہ کرِ نہٕ مےٚ زانہہ تہِ معاف۔" تہٕ پتہٕ دلیہ گن
پھیرِتھ یوسہٕ ژلٕہٕ کوٚٹھ کرِتھ دروازس نِشہِ اُس بِہتھ۔ تمس کوٚرن حُکم زِ ژٕ گوڈہ یہ
کینژھا اَن چنہٕ خاطرٕ۔ییٚلہِ یہِ اَنِنہٕ آو تہٕ تمہِ بھری زٕ پیالہٕ اَکھ پانس خاطرٕ تہٕ بیاکھ
وزیر زادَس خاطرٕ مگر تمہِ تر وو بڑٕ چالاکی سان تتھ پیالس منز بیہوشی ہُند دوائس تہٕ
پِٹھس بڑ وٕنہہ گنہِ تھوو۔ اَچھ لِج نہٕ تَس پتہٕ تہٕ تمی تُل پیالہٕ تہٕ نیوٚن گردٕ ٹھ گرکران
چِتھ یہِ اَتھ منزٕ اوس۔ اَمہِ پَتہٕ کرِ یمو کُرشتانی کتھے۔ دواوس بڑٕ تیز تہٕ ستی کوٚرن پَتہٕ
اثر۔ اُکس یادوٕن منٛٹنے منزٕ اوس وزیر لاگ رہیوٚ پیوٚمُت۔ییٚلہِ تمہِ یہِ ڈُچھ تہٕ سوداگرزا
وٕن دلیہِ زِ یہِ نٕن تہٕ تر اوُن گری گانس منزٕ۔ مگر دلیہِ ہیوٚکیہ نہٕ سُہ گنے زنہٕ تہٕ بڑٕ
وازس وٕنن مدد کرنہٕ خاطرٕ۔

ییٚلہِ وزیر زادَس ہوش آو سُہ گو وُ گری گانس منزٕ پان وُچھتھ حاران بیتہٕ تس
اَندی بِکِھ گری یاٰتی اُسی۔

"او۔اَمہِ زنانہٕ تارمےٚ" تمی وٕن پانسے ستی سُہ وٕتھ تھوٚ دتہٕ دڑ اوانہٕ نبر
سُہ گو ونہٕ توتہِ بدل تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ گو وسُہ بییہٕ تہٕ وٕنن دلیہ مےٚ کرنادیاکھ
ملاقات تہٕ بییہٕ دِتُنس رقما ڈاٰلی۔ سوداگر زادِ سوٚزشِیچھ زِ وزیر زادٕ تر اُوی نیوٚن نہٕ اندر
یوٚت تانی نہٕ سُہ بیا کھ لچھ روپیہِ دِیہِ۔ تمی دِژ روپیہٕ تہٕ آو اندر تر اونہٕ۔ تَس دُچھتھ
دِیُت سوداگر زادِ حُکم زِ کینژھاٰ نو کھنہٕ خاطرٕ۔ اُکس پلیٹس رلو وتمہِ اَکھ طاقتوردوا

یِہو ہے پلیٹ تھوو تمہٕ پٕژھس کُن تہٕ تَس گووٕنہٕ کہنٕہ تہٕ شک تہٕ کھیٚون یہٕ تہٕ اُتھٕ ستی کھٕرٕ تَس ہٕنٛدٕ رتہٕ پھوٕ اَتی تھے۔ پَتہٕ آو دلیہٕ تہٕ وازِس آلو کرنہٕ تہٕ تموٗ نیوٗ سہٕ دوٗیمہٕ ہجرٕ گُری گانس منٛز تہٕ ترٛ ووٗ کھسہٕ تتہٕ گرٛبن ستی گیٚنس پیٹھ۔

یِیلہٕ وزیر زادس دَوٕ ہَک اثر موکلیاو تہٕ زوٗنُن زِ اَز تہٕ تاُرمٕ سوداگر زادِسہٕ سیُدٕ سبٹھا شرمندٕ تہٕ شرارت تہٕ کھوٗتُس۔ تہٕ گرٕتھ ترٛ اُونہٕ کٕر ہمت بلکہٕ روٗداو رگوھنہٕ خاطرٕ اَگس مکرٕ لاٗ گتھ۔ یتھ سہٕ اَمس بیٚنہٕ وُچھ ہے تہٕ بیٚنہٕ روزِ ہے وارٕ حبہٕ زِ سہٕ کیاہ چھُ کھوان یا چوان۔

بیٚنہٕ دوہہٕ گووسہٕ بیٚنہٕ اور تہٕ پرٛانی پاُٹھی آس لچھ روپیہٕ منگنہٕ۔ یُس تمٕ دٕستی دِیٚت تہٕ جلدٕ ے ترٛ ووٗ کھسہٕ اندر تہٕ۔ یتھٕ پاُٹھی سو گوڈٕ تہٕ کران اُس تیٚتھے کٕنٛز گرٕن تمِس کینٛہہٕ سوال تہٕ اَمِہ پَتہٕ ووٗنُن کینٛژھا اَنو کھینہٕ خاطرٕ۔

تمٕ ووٗنس " نہ نہ۔ مہٕ کرازا یانس۔ اَز چھنہٕ مےٚ بلکل بوچھ۔ یہٕ چھُس نہٕ اَز ٹھیک۔ ووٗں گووےٚ سوٗنچ زِ ژٕ ما مانکھ نہٕ تہٕ یہٕ گوھہٕ کینٛہہ ضروری کھیٚون توے چھُ مےٚ پرہیز وول کھین پانس ستی اوٗنمُت یُس مے حکیمن ووٗنمت چھُ۔"

" مگر یہِ کوٚ رُتھ ژےٚ سخت غلط" تمہٕ ووٗنُس " یہٕ کوٕ ہ عجیب کتھا چھے۔ یوٗ ژھ اَنہٕ پانس کیٚتھ کھین ستی۔"

" مےٚ دِ معافی" تمٕ ووٗنُس " تہٕ ہرگا ژےٚ کینٛہہ کھیٚون آسی تیلہٕ وَنہٕ یہٕ پَنہٕ نِس نوکرس زِ تیٚتھی گرٕ گرم یہٕ مےٚ ستی چھُ اوٗنمت۔"

" اچھا، دایی" تمہٕ ووٗن " مان اَمٕ سُندے"

دا ے دژ ایہِ تہٕ پنٕنہِ مأ لکنہِ ہُنٛد اِشارٕ رٔٹتھ ترٛ وُن تتھ پلیٹس منٛز دوایس
تمہِ وزیرٕ سٕنٛدِس نوکرس وُشناونہٕ خاطرٕ پلنو و۔

کھین سپُد تیار۔ وزیرزادٕ سٕنٛدی وازَن اوٗن پنٕنہِ نس مأ لکہٕ سُنٛد تھال تہٕ دلیہ
اوٗن سوداگر کورِ ہُنٛد۔ییٚمہِ گتھہٕ ہنٛز پژھ آسنہٕ کنٛز زِ اَز ہیکہِ نہٕ کانٛہہ چیز غلط گوٚمتھ
توے کھوٚ وزیرزادَن ٹھیک پأٹھی۔ تَس پییہِ بییہِ رٕنٛدٕ رتہٕ ترٛ ییٚمہِ پھرِ آے ووٗنی وازٕ تہٕ
دا ے بُلا ونہٕ یُتھ تم تِمس گری گانس منٛز واتناوَن۔

گأنٹہِ کھٔنٛڈی آوسہ پنٕنہِ نٔبن جامَن منٛز تہٕ ییٚلہِ تَس فِکرِ تو رزِ تَس تأرِ کھأزتہٕ تٔر
کٔڈی کریمانہٕ زِ بہٕ کِنٛتھ بے وقوف اوٚسُس ۔مےٚ راوٕ رٔی اُمِس زنانہِ پیٹھ ترٛنے لچھ
روپیہِ۔ ووٗنی گٔرِ نہٕ بہٕ کانٛہہ بیقلأ زی ییٚمہِ یور۔"یہِ ونان ووٗتھ سُہ تھوٚ دتہٕ گوو گٔرِ نہٕ
اَمہِ پتہٕ گو ونہٕ اورکُن زانٛہہ تہِ۔

ییٚلہِ وازَن اُمِس کورِ ہنٛز نیک سیرتی تہٕ دلنأیی وُچھ سُہ گوو تَس شیدا۔" نے
چھےٚ واریٚہہ کورِ وُچھمٕژ"، تٔمی ووٗن پانٕسے ستی "دسبٹھا نیک سیرت داناتہٕ خوٗبصورت کور۔
مگر یژھ یا کباز، داناتہٕ مأری منٛز وُچھم نہٕ کانٛہہ ۔بہٕ ہرگا کھاندر کرٕ تہٕ اُمی ہےٚ ستی۔
اَمہِ پتہٕ کیٚہ کألی آو سوداگر تہٕ تٔمی سُنٛد عیال واپس تہٕ وازَن ووٗنُکھ" نے دِیو
تنخواہ تہٕ بہٕ نیرٕ تِکیا زِ بہٕ گرٕ ھہا گرِ تہٕ وُچھہَن موج۔"

سوداگرَن موٗنُس یِد۔وَے سہ یتِھس جان نوکرس ترٛاوُن اوس نہٕ یژھان۔
یتٕھہٕ پأٹھی دژ اوواز اَتہٕ۔

یام یہِ سوداگر زادٕ گرٕ ووٗت اَتہٕ سےٚ تِہٕنٛدی واریٚہہ یار دوست تہٕ رِشتہٕ دار۔

تَس یِہ پرٛژھنہٕ تہٕ تَسٛنٛد جواب بوزنہٕ خاطرٕ زِ تَس گوو ڈنی یِژ کال آشنیٚ ژھانڈنہٕ خاطرٕ گرِ دڑا امتِس تہٕ آیاسہ اوسا کانٛہہ لَبنَس منٛز کامیاب سَپدِ مُت تہٕ زانہٕ موکھہٕ اُسی تِم بے تاب۔

تِمی وۄنکھ زِ آیہٕ سَپدِ س اَتھ منٛز کامیاب تہٕ سوچھے تِمس سوداگرٕ سنٛز کوٗرِ یَس نِش ئہٕ واژٕ سنٛز خٔیرٕ کاٗم اوسُس کران تہٕ یَس فلانی شہرس منٛز چھُ بسان۔ تِمو یَیلہٕ یہِ بوٗز تِم گٔے سٲری شاد تہٕ سو دلہٕ کوٗرِہَس مبارک تہٕ وۄنہَس وۄن کرِ تہٕ جَلدٕے کھاندرُک تلاش۔ ڈٔلی ڈٔلی آو سوداگرس نِشہِ کورِ مانگیہ خاطرٕ منٛزِم یورا سوزنہٕ۔ پرٛ بتھ کانٛہہ چیز سَپدِ اطمنانہٕ سان۔ کیٛنہہ کاٗلی سَپدِ کھاندر۔ اَمہِ کھوتہٕ بوٚڈ کھاندراہیکہِ ہےٚ نہٕ اَتہِ سپدِتھ تِکیازِ دوشوٕے گروتھاٗو نہٕ خرچنس کانٛہہ پَرگی۔ اَمہِ کھوتہٕ جان رِشتہٕ تہٕ اوسنہٕ ممکن تِکیازِ دوشوٕے ڈٔرِ اُسی امیرِ بیٚیہٕ جوان تہٕ خوٗبصورت۔ پرٛ بتھ کاٗنسہٕ ہنٛزٕ نَبٕو پیٹھ آسہٕ یِہنٛزِ دولَتہٕ تہٕ مہرنی تہٕ مہراژٕ سنٛدِ جوان تہٕ خوٗبصورت آسنٕچ گتھہٕ۔ کھاندرکہِ دوہہ تہٕ اَمہِ پَتہٕ واریہٕن دوہَن اوس اَتھ شہرس منٛز شاٗدیانہٕ۔

یَیلہٕ وۄن نوش وٲرِ وانہٕ آیہ تہٕ تِم یانہٕ وٲنی اُسی۔ سو پیٹھ تَس برٛونٛہہ گنہٕ تہٕ لاجنٛس سام ہیٚنٛز یِتھ زِ یِہ تژٕ ہبس فِکرِ زِ آیا یِہ چھا تیٚوٗت تُرٛک تہٕ گاٹُل یوٗت اَمہِ بوٗزمُت تہٕ توقع کوٗرمُت اوس۔

مگر تِمی وۄنُس دٔپہٕ چھُس نہٕ وزیر زادِ زِ ژٕ کیٛاہ تارکھ مے یانٛہہ لَچھہِ بوٚد روپیہ۔"

سو سَپنٛز یمہٕ گتھہٕ بوٗزِتھ حٲران تہٕ گنٛوس شک زِ یہِ چھُ سُے یُس تہٕ سنٛدِس

مأِلس نِشہِ واژ اوس تہٕ توٗ ے چھس سأری راز پَتہٕ۔

تَس گووٕ نہٕ یہِ خوش توے وُڈھ تہٕ شوٗنج بیٚیس پلنگس پٮ۪ٹھ۔ یتھٕ پٲٹھٕ
گُزرے کینٛہہ دوہ تِم اُسی پانہٕ وأنی کم گَتھہِ کران تہٕ الگ الگ بسترن منٛز شونگان۔
یٚو تانی میہرِ نی واپس مالِنۍ ہٕنہٕ آیہِ۔ سو آیہِ کینٛژن وٕری یَن اُتی تژ اونہٕ تِکلیا زِ تِہٕنٛدی خانہٕ
دار سوداگرزادَن سوٗزنہٕ تَس زانٛہہ ناد۔

"اچھا۔ سَہ چھا یُتھ" اُتی تژ اونہٕ آمژِ زنانہِ ییٚلہِ یہِ سوٗنچ زِ تُہٕنٛد خانہٕ دار
چھنہٕ تَس مالکَدرتہٕ وۄنَن زِ "بُے اُمس یوٗرتہِ فِکرِ تار"

تمہِ ہیوٗت اَکھ سبٹھاہ نفیس، لوٚہَر تہٕ خوٗبصورت گر بیٚیہ قیمتی کپر وُلتھ تہٕ
سبٹھاہ مولہٕ لبہٕ لالو یتی جُرتھ زیٖن سازتہٕ لاکم مٔلی تہٕ اَمہِ پَتہٕ موٗنگن مأِلس اُکس
نزدیکی سفرس گوھنگ اجازت۔ ییٚلہِ تَس اجازت میوٗل۔ تُمی پور پانس اُکس
سوداگرزادٕ سُنٛد رٕژت تہٕ مختلف قسمن ہنٛدی باپأری سامانہٕ ہیتھ دژ ایہِ گُرِس پٮ۪ٹھ سوار
سپدِتھ اُکس لوکٹس کاروانس بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ۔ یتھٕ کنی وأتژ سو واریہن مُلکن تہٕ کینہٕ
کأ لی وأتژ سو چھیکرِس پٮ۪ٹھ تتھ مُلکس ییٚتہٕ تُہٕنٛد خانہٕ دار بسان اوس۔ اَمہ گَتھہِ ہُنٛد پورٕ
یقین سَپدِتھ گیہِ سو بادشاہَس نِش تہٕ گُرِن تِمس کینٛہہ جوأہرتہٕ باقی موٗلی چیز پیش تہٕ
وۄننَس زِ بہٕ چھُس اَکھ سوداگرزادٕ تہٕ اُمی ہنٛدی موٗلی نذرانہٕ پیش کرنہٕ پٮ۪ٹھ بُہ
سَہ سبٹھاخوش تہٕ دِتُن حکم زِ یتِس کالس یہِ ییٚتہٕ چھُ یتِس کالس گوھِ اُمی ہنٛدِ خاطرٕ اَکھ
خاص گرٕ مے نکھے متعین یُن کرنہٕ۔

تُمی ہنٛز خوبصورتیہ، رٕتہٕ اطوار وتہٕ دانا مشاورت کنی گیہِ یہِ سوداگرزادٕ رٕژت

وارِتھ وارِیَہٕ مقبوٗل۔ سوٗ اُس خاص دعوت دِنہٕ پِنہٕ کَنہٕ کالہٕ پگہہ دربارس منٛز واتان تہٕ گاہ بگاہ اُس راجس ستؠ تمہٕ وِزِ نیران ییلہٕ سُہ گرِس پیٹھ نیران اوس۔ اکہٕ دوہہٕ وۄن تَس بادشاہَن زِ ژٕ کَتُن یہِ پَٹَن گرمےٚ۔

تَمہٕ وۄنُس "عالی جاہ، توٚہؠ ہیکِیوٗن یہِ بَتھ ہرگا توٚہؠ مےٚ ژور لَچھ روپیہ دِیو"۔

"ژور لچھ!" بادشاہَن وۄنُس "کینٛہہ چھُنہٕ پرواے مےٚ چھُنہٕ گرتیؠت ضرورت زِبہٕ دِمے ژےٚ یوٗت قیمت۔"

اَمہٕ سوداگرزادٕ رٕنتچہٕ لوگ پَنہٕ نِس خانہٕ دارَس ستؠ تہٕ یارلنہٕ یَس نہٕ اُکی ہنٛدِ اَصلُک رژھاتہٕ ظون گو وحالانکہٕ یہِ اُس اُکی مُتواتر دربارس منٛز تہٕ وُچھمُت تہٕ اُکی ہنٛزٕ گتھہٕ تہِ بوزمٕژ۔ تَس گو یہِ یار سخت ٹوٹھ تہٕ ییلہِ اَمہٕ سوداگرزادٕ رٕنتچہٕ تَس پَٹَن واپس گوھنٛک اراد بووِیہِ سَپُد سیٹھاہ مغموٗم۔

"مےٚ چھُ پانَس ژےٚ ترٛاُوِتھ گوھنُک پھیران" سوداگرزادٕ رٕنتچہٕ وۄنُس "وۄن گَروٗنہٕ اُسی اَکھا اَکی ہنٛدِس غمس برٛژر۔ وَنتم یہِ زِبہٕ کیاہ ہیکےژے پنہِ یارلنہٕ باپتھ نذرلنہٕ دِتھ۔"

گوٗرِیمتِس سوداگر ہنٛدی نیچوی وۄنُس "یِیمہٕ گوڈنکے دوہہٕ ژٕ مےٚ وُچھکھ چاُنِ اُکی چیزَن نو مےٚ تتنے پیٹھہٕ دِل۔ تہٕ سُہ چھُ چون یہِ خوبصورت گر"۔

اورٕ وۄنُس سوداگرزادٕ رٕنتچہٕ "مےٚ دِمعافی۔ بہٕ ہکَن نہٕ یہِ ژور لَچھ روپیو کھوتہٕ کم قیمتہٕ ترٛاُوِتھ۔ ہرگاژٕ یہِ رقم دِکھتہٕ ژٕ ہکبہٕ ہَن یہِ گرِبتھ۔"

مائِلس نِشہِ واژ اوس تہٕ توٕے چھس سأری راز پَتہٕ۔

تَس گووٕ نہٕ یہِ خوش توٕے ؤژھ تہٕ شۆنج بیِیس پلنگس پێٹھ۔ ہتھ کٕنز گُزرے کینٛہہ دوہ تہٕ تم أسی پانہٕ وأنی کم گَتھہِ کران تہٕ الگ الگ بسترن منٛز شونگان۔ یۆ تانٛی میہرِ نی واپس مالِنین ہِنہٕ آیہِ۔ سو آیہِ کینٛژن وٕرییَن أتی تژ اونہٕ تکیاہ زٕ تہٕ ہِندی خانہٕ دار سوداگرزادَن سۆزنہٕ تَس زانٛہہ ناد۔

''اچھا۔ سُہ چھا یُتھ'' أتی تژ اونہٕ آمژ زنانہِ ییٚلہِ یہِ سۆنٛچ زِ تَسُند خانہٕ دار چھنہٕ تَس مالِکہٕ رتہٕ وۄنَن زِ ''بٕے أمِس یورِ تہٕ فِکرِ تارٕ''

تمہِ ہیۆت اَکھ سبٹھاہ نفیس، لۆہر تہٕ خۄبصورت گرٕ بییٚہ قیمتی کپر ؤلتھ تہٕ سبٹھاہ مولہٕ لبو لالو ستی جُرتھ زیٖن سازتہٕ لاکم مُلی تہٕ اَمہِ پَتہٕ مۆنگن مائِلس أکِس نزدیکی سفرس گوھنُک اجازت۔ ییٚلہِ تَس اجازت میۆل۔ تمی پور پانس أکِس سوداگرزادُ سُند رٕخت تہٕ مختلف قِسمن ہنٛدی باپأری سامانہٕ ہیتھ وژ ایہِ گُرِس پێٹھ سوار سپدِتھ أکِس لوکٕٹس کاروانس بژ وٕنہہ بژ وٕنہہ۔ ہتھ کٕنی وأژ سو وارییَن مُلکَن تہٕ کینژ کالی وأژ سو چھیکرَس پێٹھ تتھ مُلکس ییٚتہٕ تَسُند خانہٕ دار بسان اوس۔ اَمہِ گَتھہِ ہُند پور یقین سَپدِتھ گیہِ سو بادشاہَس نِش تہٕ گرِن تمِس کینٛہہ جوأہرتہٕ باقے مولُلی چیز پێش تہٕ وۄنُنس زِ بہٕ چھُس اَکھ سوداگرزادُ تہٕ أمی ہِندی مولُلی نذرانہٕ پێش کرنہٕ ییٚس پێٹھ بُہ سُہ سبٹھا خوش تہٕ دِتُن حکم زِ یِتِس کالس یہِ ییٚتہٕ چھُ یتیس کالس گوھہِ أمی ہِندِ خأطرٕ اَکھ خاص گرِ مے نکھے متعین یُن کرنہٕ۔

تمی ہِنٛز خوبصورتیہ، رٕتو اطوار وتہٕ دانا مشاورت کٕنی گیہِ یہِ سوداگرزادُ رخت

واتہِ وارِیہہ مقبوٗل۔ سوٗ اُس خاص دعوت دِنہٕ پتہٕ کُنہِ کالہٕ پگہہ دربارس منٛز واتان تہٕ گاہ بگاہ اُس راجس ستیٖ تمہِ وِزِ نیران ییلہِ سُہ گرِس پیٹھ نیران اوس۔ اکہِ دوہہٕ وۄن تَس بادشاہَن زِ ژٕ کٲتِن یہِ پٔنٕن گرمے۔

تمہِ وۄنُس "عالی جاہ، توٚہیہ ہیکیوٗن یہِ ہتھ ہرگا توٚہیہ مےٚ ژور لچھ روپیہ دِیو"۔

"ژور لچھ!" بادشاہَن وۄنُس "کینٛہہ چھنہٕ پرواے مےٚ چھنہٕ گرتیٚوت ضرورت زِ بہٕ دِمے ژےٚ یوٗت قیمت۔"

اَمہِ سوداگر زادٕ رتچہٕ لوگ پَنہٕ نِس خانہٕ دارَس ستیٖ تہٕ یارلنہٕ یَس نہٕ اُکی ہنٛدِ اَصلُک رژ ہاتہِ ظوٗن گوو حالانکہِ یہِ اُس اُکی متواتر دربارس منٛز تہٕ وۄچھمُت تہٕ اُکی سنٛزِ کتھہٕ تہٕ بوزمژٕ۔ تَس گوو یہِ یار سخت ٹوٗٹھ تہٕ ییلہِ اَمہِ سوداگر زادٕ رتچہٕ تَس پٔنٕن واپس گوٗھنُک اراد بووو یہِ سپُد سیٹھاہ مغموٗم۔

"مےٚ چھُ پانُس ژےٚ ترٲوِتھ گوٗھنُک پھیران" سوداگر زادٕ رتچہٕ وۄنُس "وۄں گروتہٕ اُسی اَکھ اُکی ہنٛدِس غمس برژر۔ وَنتم یہِ زِ بہٕ کیاہ ہیکہ ژےٚ پننہِ یارلنہٕ باپتھ نذرلنہٕ دِتھ۔"

گوٗر یمتِس سوداگر ہنٛدی نیچوی وۄنُس "ییمہِ گوڈنکے دوہہٕ ژٕ مےٚ وۄچھکھ چاٲنٛزٕ اُکی چیز کِن نومےٚ تنے پیٹھہٕ دِل۔ تہٕ سُہ چھُ چون یہِ خوبصورت گر"۔

اوٕر وۄنُس سوداگر زادٕ رتچہٕ "مےٚ دِمعافی۔ بہٕ ہیکن نہٕ یہِ ژور لچھ روپیو کھوتہٕ کم قیمتہٕ ترٲوِتھ۔ ہرگا ژٕ یہِ رقم دِکھتہٕ ژٕ ہیکہ ہَن یہِ گرِتھ۔"

گُزریمتِس سوداگرہِندی نیچوی وۄنُس۔ ''ژٕ کیاہ یہِ ونان، مخولہٕ چھکھا کران سیۆ دُے وَن ۔ مےٚ چھےٚ پزٕی کنٕ اُمِس گری ہِنز خاہش۔''

سوداگر زادِ رَختچہِ وۄنُس ''اِدِ سا گژھ ژٕ دِمہٕ نَے ژےٚ یہِ ترٕہن لچھن روپَین''

''نہ، نہ، تیۆت نہٕ'' وۄننس یورِ ''مےٚ وَن سیۆ دٕ قمت تہٕ ژٕ گُنزراوٕے دُنی۔''

''اِدِ سا دِزٕ ے لَچھ تہٕ گُرگو وچون۔''

''نہ، ژٕ چھکھ مےٚ شُراہیۆ زاُنتھ وُنہِ تہٕ گتھ کران۔''

''اِدِ سائہ ہے تیلہِ اَکھ پُھ تِکیٚا زِ ژٕ چھِہم ناسبٹھاہ ٹوٹھ یار۔''

''یارس ہتی ماواتہِ یہِ گرُن زِ گِلا دِموس تہٕ نِموون لوٗٹتھ۔''

''اِدِ سا، اِدِ ساتہِ ٹھیک۔ ژٕ کِننےَ نہٕ ژےٚ یہِ گر۔ تِکیٚا زٕ ژٕ چھکھ مےٚ ٹوٹھ توے گے یہِ ژےٚ۔ ژن ژٕ ے تہٕ مےٚ دِاُمِس بدلہٕ زٕ موٗنی۔''

''مُجر اہ'' وۄنُس گزریمتِس سوداگرہِندی نیچوی تِکیٚا زِ تُمی سوٗنچ اَمہٕ ہتی کو بہٕ فرق پیٚیہِ مےٚ ہرگانہٕ کاٗنہہ مےٚ وُچھِ۔ ''ٹھیک چھُ مگر مہربانی کرِتھ ینہٕ کاٗنسہِ وَنکھ۔''

اَمہِ پتہٕ روٗٹ سوداگرزادر ختچہِ پَنہٕ نس یارِ سُند گلہٕ اورِ یوردو یواتھو تہٕ کرِنس تِتھی زٕ موٗنی زِ تمِس لگی یمن جایَن زخم۔ اَمہِ پَتہٕ دِیُتنَس گرتہٕ ہیۆتُنس رہ خصت۔

اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ وقتا لوگ اَتہِ کبو بسکینو گزریمتِس سوداگر زادِ ہِندِس ژوٗری پرٕ ژھُن زِ ژٕ کیٚا زِ چھُہَن نہٕ زنانہٕ انان۔ ''سو ماچھےٚ گزریمٕژ کِنہٕ ترٕ اُدِتھ ژٕ ھٕنٛی تھَن۔''

تمہِ وۄنُکھ در جواب ''نہ۔نہ، ہانہٕ۔مےٚ چھُ اِرادٕ زِ تِتھٕے مےٚ رٔژھ کھنٛڈ مہلت

پییہ تِتھٕے گرٛ٘ھ بٕہ تہٕ انِن۔''

خاراکہِ دوہہٕ صُحائے دژاویہٕ تِتھۍ گرِس کھٔسِتھ یُس اُمۍ دۄن موٚہنِن ہنٛدِس

موٚلِس اوس ہیوٚ تمُت۔تہٕ سَپُد پَنہٕ نِس ہیمہٕ بابہٕ ہنٛدِس گرِس گُن روانہٕ۔اور واتنس

پتھ کوٚر ژکھ اُمِس سخت عزت تہٕ بوٚ رہس لول۔سُہ رُو داتہٕ اَکھ ربتھا پیٹھی وقتس۔

یُد وے سُہ یوٗت بوٚ ڈتہٕ مالدار موٚہنیو اوس تہِ اُستھ تہِ رُو داتھ سأرکہ ہے وقتس اَتہٕ

گرِس پلالہٕ کران۔سُہ اوس تَس دوہے کھرٕ کھرٕ کران، گھاسہٕ تہٕ ترٛلیش اوسُس دوان

تہٕ بیٚیہ تہِ سأیلم کران یہِ ضرٗ رتھ اوس۔یہِ وُچھِتھ پرٛژھُس زنانہِ زِ سُہ کیاز چھنہٕ کأنٛسہٕ

موٚہنوِس یہِ کرنہٕ باپتھ ونان۔تہٕ یہَے چھےٚ مشکل کأماتہٕ اکھُتِ چھےٚ نہٕ ژےٚ ہوِس روتہٕ

وأرِس شوٗبان تہِ۔اُمۍ وۄنُس زِ یہِ گرٕ چھُ سبٹھا موٗلُل۔یہِ چھُ اکہِ پَلہٕ ژور لچھ روپیہٕ

لوان تہٕ اَمہِ کِنۍ چھُس کھوژان زِ موٚہنیو سٟتۍ کُنہِ لاپرواہی کِنۍ گوٚ ژھنہٕ اُمِس کینٛہہ

کینٛتھ گرٛھُن۔

''ژور لچھ روپیہٕ! گرٕ لوٚیا ژور لچھ۔اِنسان ہے ہیٚتِس رقمس سبٹھاہ تھدِ

قِسمہٕ کبن گرٕ بن ہُندا اَکھ بوٚ ڈکھیوٚل ہتھ ہیکہٕ۔خبر کُس چھی ژےٚ تاران۔''

''اچھا'' سوداگر زادَن وۄنُس یوٗرٕ ژکھہِ گرٛھِتھ ''ژےٚ ہیکہٕ تتے یامتہٕ۔چأنۍ

مرضی۔وۄل گوو مےٚ چھُ یہِ ژۄن لچھن روپیَن ہیوٚ تمُت۔''

تمہِ وۄنُس ''اِدٕ ساتیٚلہِ مانابہٕ چوٗنے۔تِکیازِ بہٕ ہکہٕ اَتھ متعلق بلکل بدل

اُٹھی سوٗچِتھ۔ژےٚ ہیوٚت تھَن نایہِ گرٕ دۄن موٚہنِن یمَن ہنٛدی نِشانہٕ ژےٚ وۄنِس تانۍ

گُزریمتِس سوداگر ہِندی نیچوی وۄنُس۔ "ژٕ کیاہ یِہ ونان، مخولہٕ چھکھا کران سیوٚ دُے وَن ۔ مےٚ چھےٚ پزی ـ کنہٕ اَمِس گری ہنز خاہش۔"

سوداگر زادِ رنتچہِ وۄنُس "اِدسا گرٕ ھ ئہ دِمہٕ نَے ژےٚ یہِ ترٕہن لچھن روپین"

"نہ، نہ، تیوٚت نہٕ" وۄننس یورِ "مےٚ وَن سیوٚ دٕ قیمت تہٕ ئہ گُزراۓ دُنی۔"

"اِدسا دِژ ے لَچھ تہٕ گُرگو وچون۔"

"نہ، ژٕ چھُکھ مےٚ شُراہیوٚ زاۓنتھ دُنہِ تہٕ گتھ کران۔"

"اِدسائہ ہے تیلہِ اَکھ پُھ تِکیاز ژٕ چھُم ناسبٹھاہ ٹوٚٹھ یار۔"

"یارس ہتی ماواتہِ یہِ گُرن زِ گیلا دِموس تہٕ نمون لوٗٹتھ۔"

"اِدسا، اِدساتہٕ ٹھیک ـ ئہ کنٔنے نہٕ ژےٚ یہِ گُر۔ تِکیاز ژٕ چھُکھ مےٚ ٹوٚٹھ نہ توے گےٚ یہِ ژےٚ ـ ہَن ژٕ ے تہٕ مےٚ دِاَمِس بدلہٕ زٕ مونی۔"

"مُجراہ" وۄنُس گُزریمتِس سوداگر ہِندی نیچوی تِکیاز ہِمی سوٗنچ اَمہٕ ہتی کوہ فرق پیٚیہِ مےٚ ہرگانہٕ کاںٛہہ مےٚ وُچھِ۔ "ٹھیک چھُ مگر مہربانی کٔرتھ ینہٕ کاںٛسہِ وَنکھ۔"

اَمہِ پتہٕ روٗٹ سوداگرزادرنتچہِ پنہٕ ہٕنس یارِ سُند گلہٕ اورِ یوردویاتھوتہٕ کٔرنس ہتھی زٕ مونی زِ ہَمِس لگی یمن جایَن زخم۔ اَمہِ پتہٕ دِتٕنَس گرتہٕ ہیوٚتُنس روخصت۔

اَمہِ پَتہٕ کینْہہ وقتا لوگ اَتہِ کوٚ بسکینو گُزریمتِس سوداگر زادِ ہِندِس نیچوِس پرٕ ژھُن زِ ژٕ کیاز چھَن نہٕ زنانہٕ انان۔ "سو ماچھےٚ گزریمٕر کِنہٕ ترٕ اُدِتھ ژٕ ہنی تھَن۔"

تمۍ وۄنکھ درجواب ''نہ۔نہ، ہانہ۔مےٚ چھُ اِرادٕ زِ تتھے مےٚ رَژھ کھنڈ مہلت
یِیہ تتھے گرٛھ ہٕ بہٕ تہٕ انن۔''

خاراکہِ دوہہٕ صُبحاے دژاوِیہ تتھی گرِس کھسِتھ یُس اٚمۍ دۄن موٗمِن ہندِس
موٗلِس اوس ہیوٚتمُت۔ تہٕ سَپُد پَنہٕ نِس ہیمِہ بابہٕ ہنٛدِس گرِس کُن روانہٕ۔ اور واتنس
پتھ کوٚرُکھ اٚمِس سخت عزت تہٕ بوٚ رٕہس لول۔ سُہ رؤ داتہٕ اَکھ ربتھا پیٹھی وقتس۔
یُدوے سُہ یوٗت بوٚ ڈتہٕ مالدار موٚہنیوٗ اوس تہٕ اَستھ تہٕ رۄ داتھ سأرکہ ہے وقتس اَتہٕ
گرِس پلالہٕ کران۔ سُہ اوس تَس دہ ہےَ کھرٕ کھرٕ کران، گھاسہٕ تہٕ ترٛیش اوسُس دوان
تہٕ بییہٕ تہٕ سأِلم کران یہِ ضرٛؤ رَتھ اوس۔ یہِ وُچھتھ پرٛژھُس زنانہِ زِ سُہ کیاژِ چھنہٕ کأنسہٕ
موٚہنوِس یہِ کرنہٕ باپتھ ونان۔ تہٕ یہےَ چھےٚ مشکل کأماتہٕ اکھُتہٕ چھےٚ نہٕ ژٕ نے ہوِس روتبہٕ
وأرِلس شؤبان تہٕ۔ اٚمۍ وۄنُس زِیہِ گرٕ چھُ سبٹھا موٗلُل۔ یہِ چھُ اکہِ پَلہٕ ژور لچھ روپیہِ
لوان تہٕ اَمہِ کنۍ چھُس کھوژان زِ موٚہنیوٗ ہنٛزِ کُنہِ لاپرواٚہی کنۍ گوٚ ژھ نہٕ اٚمِس کینٛہہ
کیٛتھ گرٛھُن۔

''ژور لچھ روپیہٕ! گُر لوٚیا ژور لچھ۔ اِنسان ہے ییٚتس رٕقمس سبٹھاہ تھدِ
قسمہٕ کیٚن گرٕ بن ہُندا کھ بوٚ ڈکھیوٗل ہیتھ ہیکہٕ۔ خبر کُس چھی ژٕ نے تاران۔''

''اچھا'' سوداگر زادَن وۄنُس یوٗرٕ ژکھہِ گوٚہِتھ ''ژٕ نے ہٕی تنے یامتہٕ۔ چاٚنۍ
مرضی۔ وۄل گوٚومےٚ چھُ یہِ ژۄن لچھن روپیَن ہیوٚتمُت۔''

تمہِ وۄنُس ''اِد ساتیلہِ مانابہٕ چونے۔ تِکیاژِ بہٕ ہکہٕ اَتھ متعلق بلکل بدل
اٚتھی سوٗچِتھ۔ ژٕ نے ہیوٚت تھَن نابہِ گرٕ دۄن موٗمِن یِمَن ہنٛدی نِشانہٕ ژٕ نے وٕنیِس تانۍ

گلہِ پیٹھ چھِ۔

جوان سوداگرن ییلہِ یہِ بوٗز تمیٚ ترٛ ووجل گرٛہتھ گلہِ بوٚن گٔن۔

تمہِ ووٚنُس "اکہِ دوہہِ تھیٚچا تھ ژٔے مےٚ نِش پننہِ دلنائی تہٕ چالاکی ہُندٕ تہٕ توٚے سونچ مےٚ زِ یہِ تارٕے ژٔے فِکرِ زِ ژٕ چھکھ نہٕ تیوٚت دانا تہٕ زیرک یوٚت ژٕ پنُن پان چھِ باسان۔"

پوٚز چھُ "تمیٚ ووٚنُس" ژٔے ہیٚچھنو تھٕس ییٚہ ازٕ اکھ سبق۔ ژٕ چھکھ دوستہٕ تہٕ بہٕ ژانٛٹھ مےٚ بخش ووٚنی تہٕ بیٚیہِ برٛم یوٗلول تہٕ ووتھ یہِ گرٕ واپس۔"

تمہِ کوٚرُس اقرار تہٕ دوٚیمہِ دوہہِ دژٕ اَمہِ سوداگرزادِ ہندِس مُلکس گٔن تہٕ وارٕ پاٹھی وأتی اور۔ اتہِ روٗدی تم وارِہہ وری ین مَزس منز خوش تہٕ خوشحال پأٹھی لسان بسان۔

(راوی: پنڈت مکند باپو، سوٗتھ سرینگر)



# دُہلی ژٕور تہٕ روت ژٕور

دَپان أکس زنانہِ أسۍ زٕ خانہٕ دارا کھاوس تَس ءتۍ دوٚہَس روزان تہٕ دوٚیم
راتَس ۔ یم دوٚ شوٚ ے أسۍ ژٕور ۔ أکس اوس ناو دُہلی ژٕور تہٕ بییس روت ژٕور تہٕ کیازِ
گوڈنیک اوس پنٕنی تیچھ کامہٕ ہنٛ دوہلہِ کران تہٕ دوٚیم راتھ کُیتھ ۔ یمن أس نہٕ کانٛسہِ
أکس بیہ پتاہ زِ ءتسنٛز زنانہِ کیاہ چھُ بیا کھرون تِکیازِ دُہلی ژٕور اوس دوہے گاش یِنے گرِ
نیران تہٕ تور اوس نہٕ اَنہِ گٹہِ بژ وٕنہہ واپس پھیران ییلہِ زَن روت ژٕور ہمیشہ لنہِ گٹہِ
بژ وٕنہے گرِ اوس نیران تہٕ گاش پھولنہٕ بژ وٕنہہ اوسنہٕ گرا ژان ۔ دوہا بیٛیا وِزِیم سمکھی پانہٕ
وأنۍ تہٕ اِدٕ لُجکھ اکھا أکی ءسنٛز خبر ۔ تِم سپدۍ بیہ وُچھتھ سبٛٹھا حأران زِ تِم أسۍ أکی ہے
گرٕس منٛز روزان تہٕ دوشوٕنی أسکھ زنانہٕ تہِ أکے ۔ گوڈٕ بیوٚٹھہ نہٕ یمَن اکھا أکی سُند وَنُن
مگر ییلہِ تِم گرا آے تہٕ پژھکھ زنانہِ زِ ژٕ کہنٛز آشنی چھکھ تہٕ اِدٕ تو رتِمن سورے کینٛہہ
فِکرِ ۔ سوأس تِمَن دوشوٕنی ہنٛز آشنی ۔ وۄں اگراوٕت تانی یہ معاملہٕ سیوٚ دسیوٚ ڈے اوس
پکان تِکیازِ اوٚت تانی اوسنہٕ تِمَن اَتھ متعلق کہنٛہ تہٕ پتاہ اماپوٚ زوٕں ماچلہِ ہے یہ ۔

تِموٚ وۄن زنانہِ زِ أسۍ ہکوٚ ے نہٕ ژٕ ے دوشوٚ ے خانہٕ دار أستھ ۔ لہذا وَن
ژٕ ے زِ اَسہِ دوٚیو منٛز کس أکس ءتۍ یژھکھ ژٕ روزُن ۔ یتھ زَن بیا کھ ہیوٚ نیر تہٕ گنٛہِ

بدل جایہ لَبہِ ٹھکانہٕ، زنانہِ وۄنُکھ درجواب۔ ئہ روزٕتسی أکِس ءِتی یُس یٖمہِ یوردۄن دوہَن اندر مےٚ سارِوے کھوتہٕ موٕلِج سَن دِیہ أنتھ۔"

"تہٕ کیاہ گووجان" ژۄرودِتُس جواب۔

دۄیٖمہِ دوہہٕ صُبحٲے ووۄتھ دُہلی ژۄرتہٕ لوگُن امیرانہِ لباس تہٕ روت ژۄرن کۆرُن آلوتہٕ وۄننس زِژٕ بن میۄن موٚہنیو۔ تِمو تہِ موٗنُس تہٕ دژاے تِم برٕ وۄنہہ کُن۔ دُہلی ژۄررۄدبڑ کمامہٕ سان أکِس امیرِ لال فروشٕ سٕندِس وانَس کُن پکان تہٕ تَس نِش وأتِتھ تہٕ تَس سلامابندیکھا کرِتھ وۄننس "ئہ چھُنَس بادشاہ صأبَن کینٛہہ سبٹھاموٕلِلی لال جوأہر مُلی ہینہٕ خاطرٕ مُقرر کۆرمُت۔"

"اَچھا۔ اَچھا۔" یِہ گیہ مہربأنی زِژےٚ رۄدسےَ ئہ یاد۔ تھأوِو تشریف تہٕ کینژٕھا کھیٚو چیٚو۔" وۄنُس لال فروشَن۔ یِہ ؤنتھ نی تِمو یم ژۄر أندرِمس کُٹھس کُن تہٕ تھاوِنکھ وارِیہہ مزدار ضیافژٕ برٕ وۄنہہ کُنہ۔ یِتیس کالَس ہُمو کھنا چینا کۆرتیتس دۄرس دوران أسی لال فروشَن کینٛہہ موٕلِلی لال جوأہرتہندِ وُچھنہٕ باپتھ کڈِتھ تھأوی ءِتی۔

ژۄرَن وۄنس "یِہ کیاہ کۆرتھ اصل۔" وۄن لگِہ نہٕ اَسہِ لال پسند کرنس زیاد وقت۔ سبٹھا رِتی چیز چھِتھ ژےٚ کڈی ءِتی۔ ئہ نمہ یٖمہٕ لال، یِم نگ تہٕ کینٛہہ سونہ داجہ تہٕ بییہ کینژٕ ن أقمتی جواہرَ ن ہِنزٕ دوژھِ کُن اِشارٕ کران۔ شاید یٖمہٕ تہٕ۔"

"مےٚ باسان أسی ہاوَ ویٖمہٕ گوڈٕ بادشاہ صأبس۔ میۄن یِہ موٚہنیوٕ نیہ یِم محل خانس منزٕ تہٕ توٗت تانی ییٚمہٕ ئہ ییٚتی" اَمہ پتہٕ تسٕندِس جوابس پژارنہٕ ورأیی پھیٖرنہ روت ژۄرس کُن تہٕ کۆرنَس حُکم زِسہ گژھِن قلفور بادشاہ صأبَس نِش تہٕ تِمس ہأدِن

یِم چیز تہٕ یُس یُس سُہ منتخب کرِ تِمَن ہُنٛد ہٕمت لنہِ سُہ شاہی خزانہٕ منٛز۔" یام سُہ نیرُن ہیوٚتُن تہٕ وۄننس "ژ یِلہٕ گر زہنہٕ بہٕ پرٛ ارے چأنِس ینِس تانٛی ییٚتی۔"

روت ژۆ ردژا اوۄلہِ وۆلہِ اَتہِ تہٕ سیوٚ ڈُے واتناوِن یِم گہنہٕ جوأ ہر زنانہِ نِشہِ۔ اَتھ دوران کُر دُہلہِ ژۆ رَن ہنٛد رِزہ ولاتہِ تہٕ چایہِ ہناتہِ چیٚنیٚن۔ گأنٹا گوٚ ہتھ وۄتھ تھوٚد تہٕ گرٕن زامناتہٕ پرٛ ژھن زِ بیت الخلا گژھہِ چھُ۔ سوداگرن ہووُنس بیت الخلا تہٕ آو واپس۔ یِی اوس دُہلہِ ژۆ رتہِ کانچھان۔ تَس اوس پتاہ زِ اَتھ چھُ دۄیِم درواز یُس اَتہِ پتھہٕ کوچس کُن اوس۔ سُہ دراو لٲری کٕنز تہٕ اَتھو پیٚٹھی ووت پنٕنہِ زنانہِ تہٕ روت ژۆ رس نِشہِ تہٕ اوس پننہِ کامیابیہِ پتھ اَسان۔

(راوی: لال چند کھنموہ۔ وُلر پرگنہٕ)



# عیار سونُر

سونرا اَکھ اوس سونہٕ ، گلَٹھ گرِتھ سرتَلہٕ گُری أکِس ڈبس منٛزٕ ستی ہیتھ وادی ہنٛدبن گامَن گُٹھَن تہٕ لوکچَن سرین پھیران تہٕ یمَن کربن سونہٕ ہنٛدی وُنتھ تھوٚڈِ ے مولہٕ کنان۔ تہٕتھہٕ کنٛی دِیُت تٔمی واریاہَن سیٛدبن سادن لۄگن دھوکہٕ۔ گر اکہِ دوہہ گوو تَس یہِ نوٚن۔ أکِس تبلنگہٕ گرٕ ہسی بایہِ یَس نہٕ أمی ہنٛدی روہ رکانہٕ خوٚش أسی کران یوٚ ژھ زِسو گرٕ أمی ہنٛدبن وَسَن پرِ کھأیلی۔ تٔمہِ نی یم پننہِ أکِس ویٛنہٕ نش نٕ ننٛیاس زِ یم سأری أسی سرتلہِ ہنٛدی تہٕ صرف اوسُکھ پیٛٹھہٕ ہلکہٕ سونہٕ مُلہٕ مایہٕ۔ اَتھ پیٛٹھ کھوٚت تَس سخت شرارت تہٕ سوچُن زِ أمِس تارٕ بہٕ فِکرِ۔ تٔمہِ کوٚر خاوندَس زار پارِ ونٕ وۄننس زِ سُہ برِن أکِس نٔژس دۄ ہے پہن میٛژ تہٕ پیٛٹھہٕ ترٕ أوی نَس گبو اَڈ سیرلتہٕ پتہٕ پہن یہِ سونرس تہٕ کِنن تَس یہِ گبو موٚلس۔ یہِ اوس توقعے زِ تَس آوا تھ سوٚ گے پہن قمت منٛگہ یُتھ زِ تٔمی یہِ مُلی ہیوٚت۔ دۄیمہِ دوہہٕ توٚر تَس اَمہِ تارَن گری ہُنٛد فِکرِ مگر ژکھہٕ گوٚڈہٕ بدلہٕ گوو سُہ اَمہِ خیالہٕ خوش زِ تٔمی سۄ زأمِس گرٕ یسی تِس ناوتہٕ دۄ پنٛس نوکری کرکھاتہٕ تھٕ اگر سُہ مانہِ تیٛلہِ دِیہِ سُہ تَس کینٛہہ کاٗم۔ گریسی مون تہٕ پننہِ چالاک زنانہِ ہنٛدِ ہیکھنا وِنہٕ کِنٛز لوگُن سوٕنرِی ہنٛزِ تارَن گری منٛز پوٗرِ پاٗٹھی تَس مَدد کرُن۔

اَمہِ پَتہٕ کیٛنٛہہ کالہٕ گُزریاو شہرٕس منٛز اَکھ امیٖر تہٕ بارسۍ سوداگر۔ یِیلہِ اُمِس

ژ ے ژوردوہ دفنادِ یِتِس گےٚ سوٗہرۍ وۄن پَنہٕ نِس اُمِس موٚہنوِس "ژ بوزمیٛانۍ گتھ۔

اَسۍ ہکبو وُنہِ تہِ اُمۍ ہٕندۍ کنہٕ کیٛنٛہہ حاصل کرِتھ۔" ژ گوٚہ تہٕ روز اُمۍ ہنٛزِ قبرِ منٛز

شوٗنگتھ تہٕ یُہ گوٚ ھے اُمۍ ہٕندبن گرِ کِمن نِش تہٕ وَنکھ زِ یہِ دارِہے مےٚ روپیٛس داہ

ساس۔ ہرگاہ تِمو اَتھ انکار کوٚر تہٕ مےٚ چھُ پوٗرٕ بَتھ زِ تِم کرَن یِی یہٕ وَنہٕ تِمَن وُلو تہٕ اَتھ

بارس منٛز کرِ و مور دس نِشے معلوٗم۔ ہرگاہ تِم آےتہٕ ژٕنے پیٖٹھ یِہو ے قبرِ تلہِ چہ آوازِ منٛز

وَنٛن زِ آ۔ پزے چھُ مےٚ یہِ قرضہٕ۔"

گزہِسی وۄنُس "اِد کیاہ۔" تہٕ فورَن دزاو تہٕ ژاو قبرِ منٛز۔

یہِ سوٗنٛر وۄتھ تہٕ ووت گُزرِیمِتِس سوداگر سُندِ گرِ تہٕ لوگُکھ پَنٛن قرضہٕ منٛگُن۔

سوداگر ہٕندۍ رشتہٕ دار گےٚ حاران۔ تِمو وۄنُس زِ اَسے تِمِس سۍتۍ حساب کتابس متعلق

وار یہہ گتھہٕ کرِ تہٕ بیٚیہٕ بہی کھاتن تہِ وارٕ پاٹھۍ نظر دِژ مگر اَتھ قرضس متعلق نہ یُوٗ ژ تہٕ نہ

وُچھ اَسہِ کیٛنٛہہ۔ "یہِ کیٛنٛتھ قرضا چھُ۔ تُمۍ اوساژ ے نِش رقم ووزُم نمت کنہٕ کینٛہ اوسنے

ووزمس پیٹھ مُلی ہیوٗ تمت؟ پتہٕ کتھہٕ کنۍ اَسۍ نگہٕ وانٛز؟" یِمَن تہٕ تِھِین سوالن دِتۍ

سوٗہرۍ اورٕ یورٕ رلہٕ وِنۍ جواب تہٕ یِیلہِ تَس باسیاو زِ یِمَن نا یِیوٗٹھ نہٕ کہِنۍ تِمۍ وۄن تِمَن زِ

اچھا پگہہ صُبحس وا تِو تۄہۍ ساری پیٖرٕ بجہ مقبرس پیٹھ تہٕ تَتۍ دِموٚہٕ ثابت کرِتھ زِ یہٕ چھُسا

پُوٗزونان۔

اُمۍ مطابق سمے سوٗنٛرس سان (مور دٕ ہٕندۍ) ساری باژ مقبرس پیٹھ تہٕ لوگُکھ

فاتح پَرُن تہٕ اَتھۍ منٛز گیہ قبرِ منٛز لکراے ہش تہٕ اَمہِ پَتہٕ گیہ بیٚیہٕ تہٕ لگراے تہٕ چھیکرس

آیہٕ اِنسانہٕ ہنٛزٕ اَکھ سٕبٔٹھٕے سوٚز آواز "مےٚ کٔرِو مدد، بہٕ چھُس سخت عذابس منٛز۔ خدایَن ژٕ وُوس بہٕ جہنمس تِکیاز بہٕ دارِ سونٛرِس داہ ساس روپیہِ تہٕ بہٕ موٗدُس تَس نگھہٕ ووٗت کرنہٕ ورأی۔ توٚہی دِیو تَوٚ یہِ رقم صدقہٕ یتھ بہٕ ییٚمہِ عذابہٕ تلہٕ موکلہٕ ہا۔"

یہِ بوٗزِتھ پھیرِ گُرزٕ یمتس سوداگرہٕ ہنٛدی اَنگ اَشناو سونٛرِس کُن تہٕ منٛجھس معافی وۄنہس وولہٕ اَسی ہتی پَکھ گرِ ییٚتہٕ اَسی ژٕرے یہِ رقم دِمہٕ ہوے۔ یتھہٕ کٔنز روٗٹ سونٛرِی یہِ رقم مگر ہُہ گرٕ یوٚس یُس قبرِ منٛز اوس گوس مُشتھٕے۔ وۄن دِہَن روٗدُسہٕ اَتھی ہُنی خاکہٕ منٛز پٕژران تہٕ ییٚلہِ نہٕ تٔمی اَمہِ پَتہٕ وبرِتھ ہیوٚک تٔمی ڈاج اورِ یورِ پانس پیٚٹھم میٚنٛز تہٕ دزٕ اونبر۔ نہٕ گووسیوٚ دُے سونٛرِی سُند گرِ۔ یتھُے سُہ تٔمی (سونٛرِی) وُچھ تٔمی وۄن پننہِ زنانہٕ "بوز۔ بہٕ دِے ییٚتھ درازِ زنتہٕ بہٕ موٗ دُمت چھُس۔ ژٕ نیرٕ اَمس دروازٕس پیٹھ بُتھہِ تہٕ ہکہٕ تہٕ ژکھہٕ ہوٚت پرٕ ژھُس زِ ژٕرے کیاہ کوٚرُتھ ییٚمس۔"

ییٚلہِ گرٕ یوٚس دروازٕس پیٹھ ووت تہٕ اَتہٕ وُچھن ڈٕنٛکس پیٹھ سونٛرٕ درازِ دِتھ تہٕ اَمی ہنٛزٕ زنانہِ ہُنٛد ژکھہِ ہوٚت موکھڈٕ بوٗٹھ سُہ ژوٗل لیٲرِی۔ یتھ زِ تٔسی گرٕ ژھی کرِ نہٕ اَمی سُند قتل کھالنٕ تہٕ پھِہ دِنی۔ "ساریٚنے چھُ پتاہ زِ بہٕ چھُس اَمس موٚہنیو" تٔمی دِژ کربکھ تہٕ سوچُن زِتم وۄن یہِ مورٕ اَمی تٔموے روپیہِ خاطرِ ییٚمہٕ تَس میچہٕ" اَمہِ کٔنز ژوٗل گرٕ یوٚس تہٕ تٔمی ہنٛزٕ زنانہٕ یوٗتاہ پلۆکھ تیوٗتاہ جلد مُلکہٕ نبر۔ تہٕ پَتہٕ دزٕ اونہٕ تہنٛد پَی کُنہٕ۔

(راوی: قادر امراکدل سرینگر)



# شہزادِ کتھہِ لوٚب پنُن خانہٕ دار

پَتھ کالہِ یوٚ ژھاٲ کِ بادشاہَن زِئہ گرِنچوٚس کھاندرتہٕ اَمہِ خاطرٕ کوٚڈُن پنُن بوٚڈ وزیر أَکِ ہِندِ خاطرٕ مُناسب رشتہٕ ژھانڈنہِ۔ وزیرٕ دراو تہٕ ژھوٚنڈ ژھار ِدنِس دوران سمکھس بیٚیِس بادشاہ سُند وزیرِ اعظم یُس پنہٕ نِس آغہٕ ہِنزِ خوٚبصورت کورِ خاطرٕ مناسب رشتہٕ ژھانڈنہِ اوس دراُمت۔

''رُت ملاقات'' تِمو وٲن خوٚشی سان بیٚلہِ تِمو پانہٕ وأَنِ اَکھأَ رکس نِشہِ سفر کِس مقصدس متعلق بوٚز۔

''سانِ بادشاہ چھِ دولت، طاقت تہٕ اختیارٕکِنِ برابر تہٕ شہزادٕ تہٕ شہزأَدکِ چھِ پزبتھ لِکھہٕ اَکھأَ رکس لایق باسان۔ اَسہِ پزٕ پنُن پنُن مُلک واپَس گژھُن تہٕ گتھ گنڈنہٕ خاطرٕ تلاش کرُن۔''

یہِ اوس نہٕ کانٛہہ مُشکل معاملہ تکیازِ دوشوٚے بادشاہو موٚن یِہُند تجویز۔ کھاندرُک دوہ آو گنڈنہٕ۔ مگر افسوٚس، اَمہِ برٛونہہ گوٚر یاو شہزادٕ سُند مول تہٕ اَمہِ رکس نتیجس منز ژٕٹ دوٚیِم بادشاہَن یہِ گتھ تہٕ ژھونڈِن پنہٕ کورِ ہِندِ رشتہٕ خاطرٕ بدل شہزادٕ۔ کھاندر آو گنڈنہٕ تہٕ مُقرر وقتس پیٹھ آو قبوٗل کرنہٕ آمت شہزادٕ پنٛنِ خدم و خشم ہیتھ میہراز

بٕنتھ تمہِ مُلکہٕ مٔنزی ییٚتہِ کُس شہزادٕ سُند مول حالے موٚمُت اوس تِکیازِ یہے یا ژاُس
وَتھ۔ اَتھ دوران یوٗ زأمی اَمِس متعلق سأئلہٕ کیٛشہہ تہٕ پتہِ زِ اَمِس کوٚت اوس گوڈ
تہٕ أمی لاج اَمِس ستی دوستی تہٕ مٔچس کھاندرس پیٹھ تیٚنج دعوت۔ لہذا دراو یہِ اَ
خوٗ بصوٗرت تیز رفتار گُرِس سوار گژھتھ۔ یتھ زِ تماشاوٗ چھ ہے۔ پتہٕ پتہٕ اوسُس
گُرِس پیٹھ اَکھ مُلأ زِما۔ اوٗت وأتِتھ آوسُہ أکِس عزت مند مسندس پیٹھ
بیٚہناونہٕ مگر تمی کھوٗ نہٕ میوٗنڈ تہِ تِکیازِ تَس اوس ماألی ہِشدِ مرنک پھیران تہٕ اَتھ
دوٗ یمس بادشاہ ہِشدِ نکار کرنک پھینٹان۔ رسمہٕ مطأبق اُس مہرِ نی تہِ اَتھ بجہ
موجوٗد تہٕ تمہِ وُچھ اَمِس شہزادِ سُند دہ کھہٕ ہوٚت وضع تہٕ بوٚچھہِ راوٕنی۔ تَس آو اَمِس
رحم تہٕ سوٗزِن ہٕنٛزِ داے تَس نِش یہِ زاننہٕ خأطرٕ زِ تمی کیازِ کھوٗ نہٕ کیٛنہہ تہٕ باتے
ہِنٛدی پأٹھی کیازِ تُلن نہٕ مٔز اَتھ درجواب وُنُس شہزادَن زِ تمِس چھُ سالس پرہیز۔
پتہٕ گیہٕ پانہٕ شہزادی تہٕ پرٕ ژھنس دٔلیل تِکیازِ تمہِ ہیوٚکنہٕ تِتھِس موقس پیٹھ أمی سُند دا
ہوٚت آسُن زٔرِتھ۔

''اے شہزأدی'' تمی وُنُس ''خسابَن چھکھ ژٕ میأنی آشنی مگر چوٗن مول
ژٕ ںے بیٚیس دِوان۔ یُہ گوسا مألی ہِشدِ مَرنہٕ مُفلس؟ یُہ گوسا اَمہِ کِنی منحوس؟ تمی کیازِ
یہِ؟''

اَمہِ وُنُس ''مےٚ چھنہٕ پتاہ مگر یُہ گرٕ ژ ںے ستی کھاندر۔ ہرگا ژ ںے تیز رفتار گُر
چھی تیٚلہِ سمکھن مےٚ ژٕ راتھ کیٚتھ فلأنی وقتہٕ بتہٕ یُہ نیرٕ ژ ںے ستی یوٚت ژٕ یَتھ۔''
وقت سپُد نصف رأژ ہُنٛد مقرر ییٚلہِ شہزادٕ تہٕ شہزأدی تیز رفتار گُرِس کھٔتی

اَکھ خدمت گاراوس تَمن پَتہٕ بیٚیس گُرِس پٮ۪ٹھ تہٕ دڑاے ستھ صداروٗستے لتہٕ۔ کیٚنہہ میٖل دوٗرنہٕ پَتہٕ پے اچانک شہزادِ کیٚنہہ لال جوٗاہر یادیم سو پانس ستی اُس تھاوِنی یرٛھان تہٕ سوٗ اُس تَم اَنِنی یرٛھان۔

''کیٚنہہ چھنہٕ پرواے۔'' یہ ووٗنُس شہزادَن ییٚلہِ تَس فِکرِ تورِزِ سو کوٗتاہ اُس تَم کانٛچھان۔

''مےٚ وَن کِتھ چھِ تَم تہٕ بہٕ گژھہٕ تہٕ اَنگھ۔ تَم یُدوَے مےٚ وُچھن تَمن گژھہِ نہٕ مےٚ پٮ۪ٹھ کانٛہہ شک تہٕ بہٕ ہیٚکہ سہل پاٹھی نوکرنا وِ وٲلتھ۔ مےٚ دِنیرنہٕ۔ ژٕ ٹھٔہر ییٚتہِ تھے۔''

شہزادِ ووٗن تَس زِ لال کِتھ اُسی تہٕ سُہ گوٚو واپس تہٕ کُنہِ شکہٕ شُبہ وراَے تَم حاصِل کرنس منٛز سَپُد کامیاب۔ مگر افسوٗس صد افسوٗس ییٚلہِ سُہ واپس ٹٔھتھ جایہ ووت ییٚتہِ تَمی شہزاَدی تھاوِمرٕ اُس تَتہِ ڈیشہِ نِیے نہٕ سو۔ لیٲری اوس اَکھ ڈاکو دزامُت تہٕ تَمی ییٚلہِ اَتہٕ شہزاَدی تہٕ خدمت گار شوٚنگتھ اُسی وُچھمتی تَمی اُس پَنہٕ نِس اَکس گُرِس لدِتھ سواَتہٕ نِمرٕ۔

بیٚیہِ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ بادشاہَن یہِ بوٗزِ زِ تِسنز کوٗر اَسے نہٕ اَتہٕ سُہ سَپُد سبٹھا زیاد پریشان۔ تَس اوسنہٕ سمجھی یِوان زِ کیاہ پزِ کرُن۔ سُہ اوس سوچان زِ ''یاتہٕ چھےٚ سو کانٛسہِ ستی ژٕجِمرٕ نتہٕ چھےٚ سو کانٛسہِ شاطِر ڈاکوہَن نِمرٕ۔'' تہٕ گرِتھ تہٕ ترٛاوُنہٕ تَمی ووٚمیدتہٕ اُکی ہنٛدِ بدلہٕ کوٚرُن پَنہٕ دوٗیمہِ کورِ اُمس شہزادس ستی کھاندر۔

راٗژہنٛدِس اَنہِ گٹس منٛز تورنہٕ شہزادِ فِکرِ زِ یہِ چھُ ڈاکو تہٕ یہِ زانٛتھ زِ یہِ چھُ

شہزادے وۄنُس تَمہِ "ژے لۆگُے نہٕ کہنی۔ ژے اُنی تھاتم لال جوأہر۔"

"آ" ڈاکوہَن وۄنُس "مگر اَسی کرونہٕ فلحال کہنی تہٕ کتھ۔"

تَس اوسنہٕ اَمہِ ساعتہٕ پننہِ پَرٕ ناوِنہٕ پَنگ پرواے مگر سُہ اوس کھوژان شہزادٕ دِ ژُلہِ کرٕ ہکھ تہٕ خدمت گارس گرِ ہُشار۔ توے وۄنُنس یہِ۔ تَمی دورنوو گریٕوت پلِس تیٕوت تیز یوٚت تاکی سُہ جنگلہٕ کِس اُکِس اَنتھس پیٹھ ووت تہٕ دوٗرٕ اُکِس لوکِٹس گامَس کُن پھیٕو ریٚتہٕ شہزادٕ دی ہنا آرام اَس یژھان کرُن۔

تَمہِ وۄنُس "نیر کینژھا اَن کھینہٕ خاطرٕ۔ گرتھاوُن کُلِس گنڈِتھ تہٕ نیر۔"

لہٰذا درٕ او ڈاکو۔ تَمی سوٗنچ زِ زنانہٕ موٚہنیو کتہٕ ہیکہِ کُنہ ژٕنی گرِس پیٹھ نیرتھ۔ مگر تَس اوس یہِ خام خیال۔ شہزادِ اُس بالہِ پانہٕ پیٚٹھے گری سوارٕ ہنز ہاٲل تہٕ سو اُس نہٕ بخت تنبلہٕ ژلن وأرِس گرِن کھسنس تہٕ کھوژان۔ اَمہِ کُنی تِتھے ڈاکو نظرِ ڈۄل سو کھۄ گرِ نہٕ درٕ اَیہِ۔ کینژھہ میل پکنہٕ پَتہٕ وأژ سو اُکِس سوٚنری سُنٛد گرِ ییٚتہٕ سو رُکییہِ تہٕ تمن منٛز ترٕ لیش۔ اُمی ہِندِس حُسنس پیٹھ فریفتہٕ سپدِتھ یوٚژھ سوٚنری زِ یہٕ کرِ ہا اُمِس ہتی کھاندر تہٕ وۄنُنس لی۔ تَمہِ کوٚرُس یَتھ شرطس پیٹھ آنکار زِ سُہ دِیہِ اُمِس امی ساعتہٕ اکھ سُنٛد کنہٕ واجہِ ہرُیس ہتھ روپیہ لۆ۔ اَمہِ وقتہٕ اوس سوٚنرٕ ملکانہٕ خاطرٕ کینژھہ سونہٕ دَس گران تہٕ اَمہِ کُنی اوسُس سُہ چیز تیار بہ تیارُیس اَمہِ وۄنُس۔ اُمی سوٗنچ زِ یہٕ دِمہٕ اُمِس یوٚہے تہٕ کرِ اُمِس ہتی کھاندر تہٕ پَتہٕ نمَس ییہِ واپس۔

کھاندر اوس پگہہ کیٚتھ سپدُن زِ شہزادٕ دی ژٕج اَتہِ گرِس کھسِتھ۔ سو ژٕج تیٕوت تیز یٕوت گرِ دِتھ ہیوٚک تہٕ کینژھہ میل ژٕھنڈِتھ رُکے یہِ اُکِس پھیرِ نشِ یِتھ

أکس مفلس تہٕ تٔمۍ سِنٛزِ زنانہٕ ہِنٛزٕ أس۔ تٔمہِ دِیُت یِمَن سونہٕ گنہٕ واجہِ ہُر تہٕ بییہٕ ہِنٛز موٕللہِ لال جوأہرتہٕ موٚنگنٛگھ کینٛژھا کھبنہٕ خأطرٕ بییہٕ روزنہٕ خأطرٕ جاے۔ سورُے ژٔتمہِ نِشہِ راتس تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ صبحأے پوٚرُن مَرٕ درخت تہٕ دژلیہ اَتہِ۔

سو وأژ گُرِس سوار سَیِد تھأ ٲکس شہرس ییتِھ بادشاہ یِمِنہِ دوہَن موومُت اوس تہٕ تَس پتہٕ اوسنہٕ تختس بیہنہٕ خأطرٕ تسُند کانٛہہ وأرث۔ اَمہِ کِنۍ أکۍ وزیر تہٕ باقٕے یہ اراد کٔرِتھ أسۍ سوزِ ون ہوٚس أکۍ سُند وأرث ژارنہٕ خأطرٕ یُس ٲکس بڈ وٚنہہ کنہِ ہوٚس نمہِ سٕے بَنہِ بادشاہ۔ اَتہِ سَیِد عجیب معاملا زِیام شہزأدی شہرس منٛز وأژ تَس پوٚہوٚس بٕتھِ تہٕ سُہ نمیا وتَس بڈ وٚنہہ کنہِ۔ اَمہِ کِنۍ آو کٔمۍ سُندِ بادشاہ بننٕک اعلان کرنہٕ۔

ہُپأری یُس شہزادِ سُند خدمت گار شہزادِ نِشہِ تھاونہٕ اوس آمُت سُہ سَیِد ہُشار تہٕ اَتہِ گُرِس تہٕ شہزادِ ورأے پتھٕن پان گُنٛے زوٚن ڈیشتھ اوس دنیاہَس لتھ دِتھ جوٚگ بنیامُت۔ ڈاکوہَن تہٕ بیٚلہِ یہ وُچھ زِ سُہ کتھہٕ کِنۍ اوس شہزادِ بیقلو مُت تٔمۍ تہٕ کوٚراراد زِ سُہ تژ اوِپٕتھٕن یہِ غلط کار تہٕ بَنہِ گوسأنۍ۔ سوہَری سوٚنچ زِ بیٚلہِ بادشاہ یہ بوزِ زِ مٔلکانہٕ ہِنٛدِس گنہٕ واجہِ ہُرِس کٔیاہ اوس سَیِد مُت سُہ کرِ مے قتل اَمہِ کِنۍ کھوٚژ سُہ تہٕ ژٔٹن مذہچ وتھ۔ لہٰذا بنیہ یِمہِ ترٛ نوٚے گوسأنۍ تہٕ پنہٕ نِس قِسمتس پیٹھ ماتم کران أسۍ دوکھہٕ ہتۍ تہٕ پریشان حال اوٚر یور پھیران۔

شہزأدی أس خوشحال پأٹھی راجا کران۔ پنہٕ نِس اَتھ رٕتس وأژ سو تتھہٕ پأٹھی زِ کأنسہِ ٲکس گیہ نہٕ شکچ ژھاے تہٕ زِ سو کٔیاہ چھے زنانہٕ۔ تَس اوس پھری پھری زور کرنہٕ یوان زِ سُہ گرِن پانس کھاندر تہٕ سو أس اوٚنگ تھوٚنگ وٕتتھ اَتھ ٹالان۔ مگر سو

اُس نہٕ خوش۔ سو اُس شہزادس وُچھن تہٕ تَس ستی کتھہٕ کرٕنۍ یژھان۔ اکہِ دوہہٕ بٲو
تَمہِ اکھ ناماوار ژِترٕکارتہٕ پانس زنانہٕ رخت پٲرِتھ دِتُن تَس حُکم زِ سُہ بنٲوِن اُمی سُندٕ
تہٕ تِتھہٕ کنِ گژھِ یہِ باسُن زِ نتہٕ تَس پٕھرِ چھے لایِنہٕ آمژ تہٕ چھے مَرن سَر۔ وژن گوو
سٲلِم آوژٕ رِپٲٹھی کَرنہٕ۔ ژِترکارس ورٲے اوس نہٕ یہِ کانٛسہِ پتاہ تہٕ تَس اوس یہِ گھژز
تھاونہٕ خاطرٕ رشوت دِنہٕ آمُت۔ ییٚلہِ ژِترٕ تیار گوو تہٕ تَمہِ لاگنووِ یہِ شہرس منٛز اکس را
عامَس پیٹھ اکِس لَبہِ۔ اکِس جاسوٗسس دِتُن حُکم زِ یُس شخصاہ اَتھ متعلق کینٛہہ دِنہٕ
سُہ اَنٛزِ مےٚ نِشہِ۔

اکہِ دوہہٕ دژا اولیاٗرکِنِ سُہ ژٕورتہٕ اَتھ کُن وُچھتھ وژنن "اوہو۔ یہِ چھ تَس
زنانہِ ہُنٛد تصویر۔ ژٕ کتھہٕ کنِ ژٕ جِکھ، ژٕ کتھہٕ کنِ مارٕکھ کانٛسہِ؟" یہِ بوٗزِتھ رژٕٹ سُہ
جاسوٗسن تہٕ واتنووُن بادشاہَس نِش تیمی تَمِس قٲدخانس بَرنٕک حُکم دیٚت۔

ییٚہہ ساعتہٕ دراو اَیٲرکہ خدمت گارتہٕ تصویرس کُن وُچھتھ وژُن "ہاے
شہزادَن نیٚگھ ژٕ پانس ستی تہٕ بہٕ تژ وِنَس جنٛگلس منٛز مَرنہٕ خاطرٕ۔ ژٕ کتھہٕ کِنِ
مویِکھ؟" یہِ وَنَس پیٹھ آو سُہ بادشاہَس نِشہِ پکناونہٕ تیمی سُہ پٔژن سپہ سالار بنوو۔

اَمہِ پتہٕ دژ اولیاٗرکہ سُہ سوٗرتہٕ وُچھن تصویر "او" تَمہِ وژن "ژٕ ے چھکھا
ییٚمہِ مےٚ دوکھہٕ دیٚت۔ بہٕ گوس خوش ژٕ مویِکھ" سُتہٕ ییٚلہِ بادشاہَس نِشہِ نہٕ آو
دِیُت اَمِس تہٕ قٲدخانس منٛز بَرنٕک حُکم۔

پتہٕ دژا ے لیاٗرکہ تَم بُڈٕ بٲژٕ زٕ یِمو تَس مہربانی اُس کٕرمژ تہٕ تَمو ییٚلہِ یہِ ژٕ
وُچھ تہٕ پرٕژِ زٕ بٲوِکھ یہِ۔ تَمو ہیوٚت وَدُن تہٕ اَمہِ پتہٕ آے تَم بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تیمی

تھۆنڈِ محل خانس منز روزنک تہٕ یہِ کینژھاہ تم یژھن تہٕ تمن آیتن تھاونک حُکم دِیُت۔

سارِنٕے اٚخرس پیٹھ ووت شہزادٕ اوٗت تہٕ یہِ تصویر وُچھتھ گوو بے ہوش۔

ژٕ ییلہِ ہوش آو تٔمۍ وُچھ پنٕنۍ پان بادشاہس نِشہِ یُس تَس وُچھان واشان اوس تہٕ یہِ محل خانس منز تھاونک حُکم اوس دِتمُت۔ اَمہِ پتہٕ سبٕٹھے کم کاڑی بنوو ژٕ اَمہِ پنٕنۍ بُڈ وزیر۔

ییمہِ کٔرۍ لکھ زبردست حٲران سپدی۔ یہِ رُدٕ کینژٕس کالس تتھے پأٹھۍ چلان یوت تانی پتہٕ شہزادِ (مطلب بادشاہس) یہِ اَمہِ زیادٕ وتر اُدِتھ ہیوٗ کنہ تہٕ لہٰذا اگر ن پنٕنۍ اصلیت تِمس پیٹھ ظأہر ییلہِ شہزادن یہِ زون زِ بادشاہ گٔس اوس اصلی ژٕ سَپُد تیوٗت خوش یوٗت ژٕ دٕنس منز تتھے ہیکہِ۔

مُنأسب موقس پیٹھ کوٚر شہزادِ سارِنٕے لوٗکن پیٹھ یہِ سأرُے ظأہر تہٕ تمن ووٗنُن زِ بادشاہی دِژن تم تٕھنڈِس خانٕہ دارس یہِ زٔن لوٗ گوتہٕ مون۔

اَمہِ ییورأس پتہٕ شہزادس یُس ووٗن بادشاہ اوس تہٕ تٔمۍ سٔرٕ آشنہِ خوشی تہٕ پایر جأیی۔ تمن زاے شُرک تہٕ سبٕٹھا وأنس کٔڈِتھ گذرے سبٕٹھے عزتہٕ سان تہٕ یہنڈِس مرنس پیٹھ پھیوٗر سارِنٕے لوٗکن۔

(راوی: پنڈت ژندرکول سرینگر)



# چالاک طوطہٕ

أکس فقیرس اوس اَکھ زیرک تہٕ گتھہٕ کُتول طوطہٕ یہِ اوس تس ژُھٹہٕ
اوُسس سخت قدر کران۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ نہٕ یہِ زیادٕ ٹھیک اوس تہٕ وۄنُن طوطس "
چھُکھ نہٕ مےٚ کانٛہہ شۆچھاہ خبراونان۔ ژٕ چھُکھ نہٕ زانٛہہ مےٚ کینٛہہ ونان۔"

طوطن دِتُس جواب "اچھا۔ بٔہ آسےٚ ژےٚ ونان۔ بٔہ اوس سےٚ نہٕ ژےٚ اِرٕ
ونان زِ کُنہِ دوہہٕ مابوز کھ ژٕ تیٚتھ ہیٚو کینٛہہ یہِ ژےٚ ناگوار گژھی۔"

فقیرَن وۄنُس "تمیٚک مَہ بر پرواے۔ میٚہ آس پزٕ بتھ کینٛہہ ونان۔" دٔیہ
دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ فقیر تتھ گامَس کُن دژھ اویوٚت تَس گرٕژھُن اوس تمٕ وۄن پننہِ زنانہِ شکار
ہنارننہٕ تہٕ پانس أڈ ہن کھبنہٕ تہٕ نصفا أمس خاطرِ گرم تھاونہٕ خاطرِ۔ مگر زنانہِ ژھُن بہ
سورُےٚ کھبتھ۔ تس اَس بوچھہِ تہٕ أمس لوٚگ اَتھ تیٚتھ مزٕ زِ سو ہیٚچ نہٕ اتھہٕ پتھ رٔٹتھ۔
شامس ییٚلہِ فقیر واپس ووت تہٕ موٚنگُن شکار۔ تمہِ وۄنُس زِ سُہ کھوٚسورُےٚ بزارِ۔

تمٕ وۄنُس "چلو۔ ژٕ کیاہ ہیکہ بگھ اَتھ کرِتھ۔ اَن تیٚلہِ بدل کینٛژھاہ مےٚ ژھےٚ
سخت بوچھ لٔجمٕژ۔ از صُبحس گرِ نیرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ مےٚ کینٛہہ تہٕ کھیوٚ مُت۔"

زنانہٕ ییٚلہِ بَتہٕ شیرٕنٛج تیأری أس کران فقیر پھیوٗ رطوطس کُن تہٕ پرٛژھنس

''وَن سامیانہِ ٹاٹھہِ طوطا۔ وَن أزِچ خبرا؟''

''طوطَن دِتُس جواب'' ژےٚ ووٗننے زنانہِ اَپُز۔ شکار کھوٚتمی۔ مےٚ وُچھ زِ

سورُے کھوٚ اَمہِ پانس۔''

زنانہِ کوٚر أمی ہنٛدِس وَننس موٗلے نکار تہٕ فقیرَن زون ووٗن گتھ چھےٚ لڑأیی

لاءِ گٔژ لہذا ادِیٔت تٔمی کٔرِ یہِ باس زِتَس ہیٚتھ زنانہِ ہنٛز گتھ۔ اَمہِ لوکٹہِ واقعہٕ پٔتہٕ أس نہٕ زنانہٕ

یہِ جاناوارگرس منٛز تھاونس زٕ ہنٛز تہٕ خوش۔ اِو موکھ نہٕ زِ سو کٔیاہ أس کأنٛسہٕ سٕتی مسایہِ

ژٹان، بدکأری کران یاسو کٔیاہ أس ژوٗر مگر سو أس نہٕ الغأیہ تہٕ تہٕ ہ لوکٹ حرکتھا

کٔرِتھ ہیٚکان۔ یوسہٕ زَن طوطہٕ وُچھ ہےٚ نہٕ تہٕ فقیرَس وَننہٕ روٗس روز ہے۔ لہذا اَگیہِ سو

خاوندس نِش تہٕ ووٗننس ''اَسہِ چھُ ووٗنی جان الگ الگ روزُن۔ ووٗن چھی ژےٚ

سورُے کینٛہہ طوطے باسان۔ ژٕ چھُکھ میانہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ أمی ہنٛدی ہے پرٛ ہ کران۔

ژٕ چھُکھ میانہِ کھوتہٕ زیادٕ أمی ہےٚ سٕتی گتھہِ یِژھان کرنہٕ۔ بہٕ کرنہٕ یِمہِ ییور یہِ

برداشت۔ یاتہٕ کڈُن ژٕ طوطہٕ نتہٕ کڈ مےٚ تہٕ أسی ہیکونہٕ ترٛشوے سوکھہ سان أکی ہے

گرس منٛز روٗزِتھ۔''

فقیرَس تہِ أس زنانہٕ سخت ٹاٹھ تہٕ تٔمی کٔر ییٚلہِ یِمہِ کلامہٕ بوٗزی تَس سپُد دوکھ تہٕ

کوٚرُن یہِ وعدٕ زِ سُہ کِنہِ طوطس۔

دوٗیمہِ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ سُہ گرِس پیٚتھ وَتہٕ پکان اوس تہٕ طوطہٕ اوسُس سٕتی۔

طوطن ووٗنُس ''بوز میانہِ آغہ میأنی گتھ۔ ژٕ کٔز زبنہٕ مےٚ تٔمس کأنٛسہِ نفرس یُس نہٕ ژےٚ

سہ رقم دِیِ یُس ئہ وَنے۔"

فقیرن وڈنس "ٹھیک چھُ۔ مےٚ تۆر فکرِ۔"

سُہ رُد۔ سمندر بُٹھس تانی پکان یُس تُمی ہِندِ گرِ پیٹھہٕ سبٹھاہ دۆر اوس تہٕ راتھ اَتی گزارنک کۆرُن اِرادٕ۔

نصف راتھ ہیوٚ وڈن تُمی طوطس "ئہ چھُس سخت تھۆکمُت مگر مےٚ چھُنہٕ نِندرٕ ہے یوان۔ ئہ چھُس کھوژان زِ ہرگامےٚ نِندر پییہِ میٲنی مٲدیانہٕ تہٕ ژٕ گوھنہٕ ژٕلنی۔"

"ہرگزنہٕ۔" طوطن وڈنس "ژےٚ چھیاأسی بے وفا باسان؟ ژٕ گرأسہٕ پژھ۔ گرِن یہِ مٲدیانہٕ پننہِ حسابہٕ چکراتہٕ مُژراوِژ پنجرٕ تہٕ ژٕ اومےٚ ییلہٕ۔ ئہ ژٕلہٕ نہٕ ژےٚ نِشہٕ بَلکہِ وُڈٕ ہتھ گلس پیٹھ تہٕ تھاوِ ژےٚ تہٕ مٲدِیانہٕ پیٹھ راتس نظر۔"

طوطہٕ سنزٕ وفادأریہ پژھ کران مون فقیرَن اَمی سُند یہِ درخاس تہٕ ژٕ اُون لَر۔ طوطہٕ رُد حسبہٕ سان نظرِ۔ راتھ کیُتھ وُچھ اَمی آبہٕ منزٕ ییوے گراہیوٚ جانور کھسان تہٕ مٲدِیانہٕ گرکرنہٕ پتہٕ واپس آبس منزٕ وسان۔

فقیر وڈتھ صُبحس سُلے تہٕ جانورس آلو گرِتھ بۆزُن یہِ واپس پنجرس منزٕ۔ طوطن وڈن نہٕ اَمِس اَتھ عجیب معاملس متعلق کہنی یہِ تُمی راتھ کیُتھ وُچھمُت اوس۔ فقیر رُد گرِس پیٹھ سۆدرٕ بُٹھی پکان یوت تانی سہ اَکِس بڈِس تہٕ آباد شہرس منزٕ وڈت تہٕ تتہٕ سمکھُس کوتوال۔ کوتوالن گرِس سلام تہٕ پرژھنس "ژٕ ماکنہٕ ہَن یہِ طوطہٕ"

فقیرَن دِتُس جواب "آ"

"مگر ژٕ ہیکٕکھ نہٕ مےٚ مٲلی ہیتھ" طوطہٕ وۄتھس۔

کوتوال گوو حٲران "یہِ چھُ عجیب جاناواراہ۔ بہٕ گوٗژھہٕ تہٕ کرِ چانہٕ پیٚنگ اطلاع وزیرس تکیاز سہ اوس یژ کالہٕ پیٚٹھہٕ تۄتھے جاناوار ژھانڈان۔ پگہ مےٚ ستی جل جل یتھ زِ اسی تمی سنٛدس دربارس گژھنہٕ برونٛہہ واتو۔"

لہذا اکی تم یکہٕ وَتہٕ تہٕ وٲتی جلدٕ ے وزیرِ سنٛد گرٕ۔

ییٚلہِ تمی کوتوالہٕ سنٛد اور واتنہٕ خاطرٕ مذرتھ تٔلنس متعلق بوٗزتہٕ وۄنس "چون سبٹھاہ شکریہ۔ مگر بہٕ ہیکہٕ نہٕ تۄت تانی یہِ جاناوار پانہٕ مٲلی ہینس نسبت سۄ چھےٚ یوٚت تانی نہٕ مےٚ یہِ ننہِ زِ بادشاہ سلامت ماہینہٕ اَمس پننہِ خاطرٕ۔ مےٚ بوٗزراتھے زِ سہٕ اوس تتھس ہوٚس جاناورس متعلق پرٛژھہٕ گٲرکران۔"

اَمہِ کنہٕ گےٚ یم ترٛنوے محل خانہٕ۔

ییٚلہِ بادشاہَن یہِ سارِ ے ڈٲلیلا بوٗز تہٕ پرٛژھُن "کیاہ چھُ اَمس جاناوارس قیمت؟"

"داہ ساس روپیہ" طوطَن دِیت جواب۔

بادشاہ گوو طوطہٕ سنٛد یہِ صاف تہٕ فوری جواب بوٗزِتھ وارِہہ خوش تہٕ فورَن کوٗرُن یہِ رقم ادا۔ یوٗت بوٚڈ رقم رٲٹِتھ گوو فقیر سبٹھاہ خوش۔ یام سہٕ نیرُن ہیوٚتُن تام زون طوطَن یہِ مُناسب موقعہٕ تہٕ فقیر کرنوٗن بادشاہَس برٛونٛہہ کنہٕ وعدٕ زِ سہٕ دِیہِ پننہٕ مأدِیانہٕ ہُنٛد بیا کھژھو بادشاہَس۔

اَمہِ پتہٕ اوس طوطہٕ بڈٕشاہنہٕ سان روزان۔ یہِ اوس اَکس خوٗبصورت روپہٕ

ہِنٛدِ پنجرس منٛز تھاوٕنہٕ آمٕت تہٕ ترٛیشہِ تہٕ کھٮ۪نہٕ خاطرٕ اُسس روپہٕ ہِنٛدی بانہٕ۔ پنجرٕ تہٕ اوس بادشاہٕ ہِنٛدِس خاص زنانہٕ خانس منٛز تھاوٕنہٕ آمُت۔

طوطہٕ بنیاؤ سارنے ہُنٛد مَنہٕ مون تہٕ اوس راتھن ستی گنداں، گتھہٕ کران تہٕ تمہٕ آسس برابر رَچھان پالان۔ یتھہٕ کنٛز روٗ دوقتارٕ تی پاٹھی گذران تہٕ کُنہٕ تسِنٛد اُس نہٕ کمی باسان۔ یوٚت تانی اکہِ دوہہٕ سارے راتہِ پنجرس نشہِ وأتتھ پیٚیہِ تہٕ وۄنُکھ طوطس زِ یمن متعلق وَنہِ سہٕ زِ کوسہٕ کرِٹھ چھےٚ باسان۔ یہِ زأنتھ زِ یہِ چھےٚ گندنہٕ ہناتہٕ کانٛہہ شرکاوکھا گرٛھنہٕ ورأیی وۄن تمۍ زِ تمہِ سارے آسہٕ مأری منٛزٕ ماسوایہٕ اُکس، کیٛ ہیوٚت تِمس زنانہِ ہُنٛد ناویوسہٕ بادشاہس سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ ٹاٹھ اُس۔ تمۍ وۄن زِ کیٛ سُند بُتھ چھُ یہوے سۆرنہِ بُتھ ہیوٗ۔ یہِ بوٗزِتھ گوو اُمس غش تہٕ آیہِ تھر وُکراوٕنہٕ۔

یتھےٚ سوحبہٕ آیہِ تمہِ دِژ کرٛیکھ "بادشاہس دِیوناد۔"

اَمہِ کنٛز کوٚرُکھ بادشاہس ناد

اَمہِ زنانہِ وۄن بادشاہس، ئہٕ چھس سخت بیمار مےٚ دِتِمس طوطہٕ سُنٛد مازنہٕ مَرٕ سےٚ بہٕ۔"

بادشاہَن ییٚلہِ یہِ بوٗزِ تَس پھیوٗ رسخت مگر تَس اُس رأنی سخت ٹاٹھ اوٚ کنٛز دِتُن حُکم زِ طوطہٕ مأریوٗن۔

"بادشاہ صأب" طوطن بچأری دِژ کرٛیکھ "ئہٕ چھسے زأری کران شبن دوہن خاطرٕ بچاوٕ مےٚ۔ شبن دوہن دِمےٚ پھیرنہٕ ییأرکی ئہٕ یژھہٕ تیأرکی ئہٕ چھسے سبٹھا وفادأری سان وعدٕ کران زِ ئہٕ یمہٕ واپس تہٕ پنٛن پان کرٕ پیش پتہٕ یہِ توہۍ ییٚژھو تہٕ کرِد

مےٚ ستی۔"

بادشاہَن دِتُس جواب "اچھا۔ یہِ گوو منظوٗر۔ مگر شیٚنہِ دۆہی واتی زِ واپس، پتھہٕ کنی آو طوطہٕ آزاد کرنہٕ تہٕ تٔمی تُج فورن وُپھ تہٕ ژۄل۔ یہِ اوس نہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر تانی وُڈیوٗمُت زِ تٔمِس سمکھی بہہ ساس طوطہٕ یِم یکہِ وٹہٕ اکِس اَندس کُن وُڈان اسی۔

"ہے ٹھٔہرِو، ٹھٔہرِو۔" بادشاہ سٕندی طوطَن لۆ یگھ کرِتھ "توٚہی کوت چھو گژھان؟"

تِمو وۆنُس "یارا۔ اسی چھِ اکِس زۄِس کُن وُڈان ییٚتہِ اکھ شہزادی اَسہِ ناَبد تہٕ موٚختہٕ چھےٚ کھیوٚن دِوان۔ وولہِ اَسہِ ستی تہٕ گرٲسہِ ستی مزٕ۔"

طوطَن تہِ مون تہٕ رلیاو تِمَن ستی وُلی وُلی واتی تِم اتھ زۄِس منز تہٕ تتہٕ آو یِمَن ستی سےٚ وبو ہار گرنہٕ یہِ زَن جاناوارو وۆنمُت اوسُس۔ ییٚلہِ کھمن چن موکلوٗ کھ کھیتھ تہٕ باقےٚ جاناوار لگی اَتہِ نیرنہِ تہٕ بادشاہ سٕندی کوترن لوگ بمار آسنک ڈانب تہٕ کاڈ کٔڈِتھ رۆد پتھرِس پیٹھ۔

"اے خوبصورت طوطہٕ، ژےٚ چھیا خار ے" اَمِس کُن یوان وۆن شہزادِ "کیاہ ذلیل؟ دود چھیا؟ وولہِ مےٚ ستی۔ یہٕ والےٚ ژےٚ تہٕ ژِ گژھکھ وُلی وُلی دُبارٕ ٹھیک۔" اَمہِ پتہٕ نو یہِ شہزادِ محل خانس منز تہٕ اَمِس کیٚتھ بنوٚون اکھ لوکٹ اول تہٕ پانےٚ اَسس واتان۔ تِمہِ دِتی اَمِس وارِیہہ موٚختہٕ تہٕ ناَبد مگر طوطہٕ اوسنہٕ یِمَن بلکل تہٕ مازان۔"

طوطَن وۆنُس "اے شہزادی ژِ چھکھ رژتہٕ نیک۔ ژِ چھکھ اَسہِ موٚختہٕ تہٕ ناَبد

دِوان۔ مگر میوٚن آغہٕ، یُس سبٹھا بوٚڈ بادشاہ چھُ تہٕ تیٚمی سٕنز سلطنت پٔژ بتھ لٔڈ دٔور تام
چھےٚ شمالہٕ پیٹھہٕ جنوب تانی تہٕ مشرقہٕ پیٹھہٕ مغرب تانی تہٕ تیٚمی سُند یہِ زُوتہٕ چھُ یِدٕ
ژےٚ اَمیک پتاہ تہِ چھی نہٕ۔ سُہ چھُ جاناوارَن موختہٕ تہٕ نابد چھکان۔ کاش سُہ زانہٕ ہن
ژٕ! کاش ژٕ کرہکھہٕ تِتھس بٔڈس بادشاہس سٕتی نیتھر۔ تِکیاز اے شہزادی ژٕ چھکھ
لایق تہٕ سُہ چھُ ژےٚ لایق۔

طوطہٕ سٕنز وَنتھو حٲران سپدِتھ گٔیہِ شہزادی بادشاہس نِش یُس تَس مول
اوس تہٕ تَس کوٚرُن التجا زِ سُہ دِیِن تَس اَمِس بادشاہَس نِشہِ گرٕھنگ تہٕ بیٚیہِ ہرگا سپدِ
تہٕ تَس سٕتی نیتھر کرنک اجازت۔

بادشاہن ووٚنُس "بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ اَتھ سفرس پیٹھ گرٕھنگ اجازت دِتھ۔
وٕنی گووٚ بہٕ لیکھہٕ اَمِس بادشاہَس چِٹھی تہٕ سوزَس اَمِس طوطس اَتھہٕ۔ بہٕ لیکھہٕ
بادشاہَس زِ سُہ یِیہِ کھاندرٕ خٲطر خاص دوہہٕ پانہٕ یور ہرگاہ سُہ ژےٚ پوٚز زِ چھُ یہِ طوطہٕ
ونان چھُ تیٚلہِ یِیہِ بادشاہ ضرور یور۔ کھوژمہٕ، بہٕ کرِ چانہٕ کھاندرُک انتظام۔"

شہزادِمٲنی یہِ گٔتھ تہٕ طوطہٕ آو فورَن پنہٕ نِس مٲلِکس نِشہِ کھاندرُک یہِ تجویز ہتھ
روانہٕ کرنہٕ۔

پٲنژِم دوہ اوسُن موکلُن ہیوٚ تمُت زِ طوطَن کوٚر راتہٕ وُڈوتہٕ ووت بادشاہس
نِشہِ تہٕ ترٲوُن یہِ چِٹھی۔

"ژٕ ووتکھہٕ برابر وقتس پیٹھ" ووٚنُس بادشاہَن۔

جانوَرَن ووٚنُس ہکہٕ "بادشاہ صاب۔ بہٕ چھسے ژےٚ زارٕ پارٕ کران زِ نے منہٕ

کرتہٕ کھَش مےٚ چھُنہٕ ژٕ ےٚ ستی یا چانٛس شاہی گھرانس ستی کانٛہہ غلط کوٚرمُت ۔ چانہٕ محلہٕ چھُ زنانو پرٛژھ مےٚ زِ ئہ کیاہ چھس تمن متعلق سوچان تہٕ مےٚ دِیُت جواب۔ بادشاہ صاب مےٚ وۄن نہٕ کھٚنز تہٕ اپٕز ۔ مےٚ چھُ یقین زِ پننہٕ نو رانو مژٕ کانٛسہٕ اکِ ہنٛدِ اچانک ہونگ ینہٕ کٔنز کرِ ونہٕ توٚہی تمہ کٕ سُنٛدل بول بجاہ اَنہٕ خاطرٕ مے قتل۔ ہرگا وۄن تہٕ آسہِ ہےٚ ئہ اَنہٕ ہَن لتس بدلہٕ توہہٕ خاطرٕ تمس کھوتہٕ سبٛتھا زیادٕ خوبصورت زنانہٕ۔ ژٕ تویہٕ چھِکہ یوسہٕ مےٚ دُنیاچہ سبٛتھے زیادٕ خوش یوٚ نہٕ شہزادٕ ہنٛدس مالکہ ہنٛدِ پیٹھہٕ أنٛہ مژٕ چھےٚ یتھ مژٕ تمہ پننہٕ کورِ ہنٛد؛ اتھہٕ تھہنٛدِس اتھس مژٕ دِنہٕ خاطرٕ التماس چھُ کوٚرمُت تہٕ قبولیت چھےٚ منجمژٕ۔"

اَمہٕ پتہٕ وۄنس بادشاہن "ژٕ چھُکھ صاف پأٹھی کتھ وناں تہٕ ہمیشہٕ چھُکھ دیانتدار أرِی ورتاوان روٗدمُت ۔ ئہ کرَ ےنہٕ ژٕ ےٚ کھَش ۔ یہٕ مانہٕ چانٛہٕ یہ کتھ تہٕ اُمس شہزادٕ ستی کرٕ کھاندر۔ مگر ئہ کتھہٕ کٔنز دالتہٕ تتھ جزیرس ییٚتہٕ یم روزان چھِ۔"

طوطن وۄنُس "سُہ غم مہٕ ہیٚو۔ مےٚ چھُنہٕ سوچنہٕ کرنہٕ ورأے توہہٕ یہ کتھ وٕنۍ مژٕ۔ ہرگا توٚہی تمس فقیرس یہ حُکم کِڈ و زِ سُہ سوزِ توہہٕ سُہ بچھیرٕ یمیک تمہ کٕ توہہٕ وعدٕ چھُ کوٚرمُت تیلہٕ ہیکہِ یہ سفر سہل پأٹھی پوٗرٕ کرنہٕ یتھ۔

"سبٛتھا جان" بادشاہن وۄنُس تہٕ امی وِزِ دِتُن حُکم زِ سُہ بچھیرٕ گژھہِ اَنہٕ یُن۔

اُمس چار یاہ ہنٛدی مولٕلی صفت نہٕ زانہٕ کٔنز سۄزیہِ فقیرن کُنہٕ تہٕ لیت ولعلہٕ ورأیی ۔ سُہ اوس اُمیر ہُمس کتھ لگہِ ہےٚ وۄنۍ یہ؟ تہٕ یتہِ کٔنز اوس یہ کٕ ہنٛد بن احسانن

بدلہٕ سبٹھا لو کُٹ مدد۔

تہٕ تتھہٕ پأٹھی کھوٚت بادشاہ گُرِس تہٕ طوطہٕ ستی ہتھ دڑاوأتھ زوِس گن۔ یلہٕ بادشاہ سمندرٕ بٹھس پیٹھہٕ ووت تہٕ اتہٕ گرٛ بزٕ وٕنس آبس پیٹھ نظر پیٚیس تس کھوٚدِن ترٛاس تہٕ واپس پھیرنس اوس تیار۔

تمی پرٛژھس ''أسی کتھہٕ کنۍ ہکو آبس ترٕتھ۔''

طوطن وۄنُس ''گنہٕ مُشکل ورأے تیٚمس پچھیرس توٚہی کھٕسِتھ چھوٚ سہ چھنہٕ معموٗلی جانوراہ۔ أمِس کھٕسِتھ ہیٚکو توٚہی گن تہٕ وأتتھ۔ مہ کھوٗ ژِ وتہٕ والیٚون یہ پچھیٖ آبس۔ یہٕ ترٕتھے کنۍ آسأنی سان آبس یتھہٕ کنۍ خوشکی پیٹھ پکان چھُ۔

طوطہٕ سنٛزِ دُبارٕ یقین دِہأنی پتہٕ کوٚر بادشاہن یی تہٕ فورن ووت زوِس پیٹھ۔ زوِکی بادشاہن کوٚر تَس زبردست استقبال تہٕ شہرأ دی أس تیزٕ خوش یوٗت نہٕ بیانہٕ ہیکہٕ سپدِتھ۔

تَس وُچھتھے گیہٕ سو بادشاہس ٹأٹھ تہٕ وۄنُن زِ کھاندر گرشھہٕ یوت پلہٕ تیوٗت جلد سپدُن۔ سأری أسی ہم خیال امہٕ کنۍ آو کھاندر جلدِ ے کرنہٕ۔ پرٛ بتھ کانْہہ کام وأترٕ تی پأٹھی انْد تہٕ امہٕ پتہٕ دڑاوِیہٕ بوٚڈ بادشاہ تہٕ مأری منٛز شہرأ دی اتہٕ۔

تم دوشوٚے کھٕتی أمِس پچھیرس تہٕ طوطہٕ روٗ دیمن برٛ وٕنہہ یمن وتھ ہادنہٕ خأطرٕ وُڈان۔ سہ دڑاونہٕ تمہٕ وتہٕ یپأری یم آمتی أسی بلکہٕ دڑاو بدل وتہٕ یتھ منٛز اکھ غأر آباد زُواوس۔

بادشاہن وۄنُن ''بہٕ دِمہا یتھ تھکہٕ ہنا۔ بہٕ چھُس سخت تھوٚ کمت''

جانوَرَن وۆنُس ''نہ۔نہ۔تہٕ مَتہٕ کرتہٕ۔ تِکیازِ ییٚتتھ چھُ بڑٕ خطرٕ۔''

بادشاہَن وۆنُس ''مہ بر پرواے۔ئہ ہیکہٕ نہٕ تھکھ دِنہٕ ورأے اَکھ قدم تہٕ کڈِتھ۔رٛژ ھانٛدر رِز ولہٕ ہش کٔرِتھ پکوأسی بییہ بڑ وٛنھ کُن۔''

اَمہِ پتہٕ کُنہِ کھٕتی بادشاہ تہٕ تسنٛز آشنٕ زُوِس پیٹھ تہٕ ترٛأوِکھ ہٕنٛدر۔طوطہٕ بیوٚٹھ نزدیکھٕ أکِس کُلی لنٛجہِ پیٹھ اورٕ یوٚرنظرِ گُزرِ۔أکِس گأمٕنٛس لنٛد رلنٛد رہیوٚ ووتِ اَتھ زُوِس نِش اَکھ سندری جہاز تہٕ اَمکی سربراہ یُس اَکھ بارسۍ سوداگر اوس بیلہٕ اَتہٕ نفر جوراہ شوٚنگتھ وُچھ سہٕ وۆتھ بیہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِیم کم چھِ۔رلنہٕ ہُنٛد حُسن وُچھتھے لٛج تس دِلِس تھپھ تہٕ نیَن سوٚ پتہٕ نِس جہازس منٛز۔کُنیوٚ بہ بچھِر تہٕ تہٕ بادشاہ ترٛ ووٚن أتی ہٕنٛدرِ منٛزٕ ے۔طوطِن وُچھ یہِ سأرُلم کینٛہہ مگر سہٕ کھوٚژ کانٛہہ خبرداری کرنس تِکیازِ کُمی سوٚنچ زِ سوداگر گوٚژھ نہٕ أمِس بندوقہٕ ستی مأرِتھ ژھنُن۔ییتھٕ کُنہِ وژاو یہِ جہازٕ مُلکانہٕ تہٕ بچھِرس ستی ہیتھ تہٕ اَمہِ پتہٕ وُزنو وطوطہٕ بادشاہ۔

بادشاہَن وۆنُس ''میانہٕ طوطہٕ، کاش مےٚ آسہِ ہے چوٚن موٚمت تہٕ ییٚتتھ آسہٕ ہاونہٕ ٹھُہر یومُت! ئہ کیاہ کرٕ وۆنۍ بیتہِ چھُنہٕ کھنبس کینٛتھ تہٕ کینٛہہ۔بیتہِ چھُنہٕ تیتھ جانوراہ تہِ کانٛہہ یُس مےٚ سوٚ درس تاردیہِ۔وۆنۍ کیاہ کرٕ۔مےٚ وَن، اگر ہیکہٕ مےٚ کر مدد۔''

جاناوارَن وۆنُس ''وۆنۍ چھُ ژےٚ نِش اَکے چیز کرنہٕ خأطرٕ۔ژٕ ٹُن یہِ گل تہٕ ترٛ اوٚن آبس تہٕ پتہٕ لاے پانہٕ تہِ سمندرس وۆٹھ۔اَدٕ پتہٕ یوٚت ژےٚ گل واتناوی تہٕ توٚت تہِ چھُ خدایس تأنی۔اَمہِ ہرِ یمانہٕ چھُنہٕ مےٚ کہنی تہِ پتاہ زِ ژےٚ کیاہ پزی

گرُن۔''

لہذا ژۄٹ بادشاہَن گُل تہٕ کۄرُن تی یہِ جاناوارَن وۄنُس۔ خدایہ ہنٛز
مہربأنیہِ اوس اَمہِ ساعتہٕ اَکھ بۄڑ شاہپأز سمندرٕ پیٹھی وُڈان۔ گُلس پیٹھ نظر پیتھ دۄکو
سُہ آیہِ تہٕ نیۆن یہِ بادشاہ ہتھ تُلِتھ۔ شاہپأزن واتنووِیہ گُل اَکِس جنگلس منٛز تہٕ دِتُن
أتی دأرِتھ۔ تہٕ تھہٕ کنہٕ بچاو بادشاہ۔

وفادار طوطن وۄنُس ''ڈھٕہر وۄنۍ یِیتی۔'' أمی اوس تہِ سوٗرے وُچھمُت یہِ
سَپُد۔ بییہِ وۄنُنس ''یِنہٕ تیمہِ جایہِ اورٕ یورڈ لگھ۔ یٕہ نیرَے تہٕ ژھانڈن رأژٕ تہٕ پھیرِ تہٕ
پَتہٕ یِمہٕ دُبارٕ یۆتے۔''

بادشاہَن کۄرُس وعدٕ۔ سبٕٹھا اورٕ یور ژھۄنڈ ژھور دِتھ لٔب طوطن یہِ
خوبصورت رأنی۔ سوٚ أس سوداگرَن پٔژن گرٕہرٕ تہٕ سوٚ أس اَتہِ أمی ہنٛز سائیس ہنٛد
أمِس ستۍ روزان۔ بیٚلہِ تَمہِ طوطہٕ وُچھ، تَمہِ دِژ خۄشی ستۍ کربکہٕ۔

''ژٕ کتہِ اوسکھ؟ میۆن خانہٕ دار کتہِ چھُ؟ سُہ چھا: ے؟ مے وَن جَل جَل''
تَمہِ وۄنُس۔

طوطن وۄن تَس سأرِ کینٛہہ۔

''نیر پھٹا پھٹ واپس'' تَمہِ وۄنُس ''تہٕ تَس وَن میأنۍ سأری حالات۔ زِ کہ
یِم لال جوأہر تہٕ یِم دِتِمَس۔ تَس لگن یِم ضرورت کھین چن ملأ اَننس۔ تَس وَن جَل
جَل یور واتُن تہٕ پَتہٕ بَن تیمِس سوداگرِ سُند سائیس تہٕ تمہِ پَتہٕ ہکو أسۍ دۄنوے پھیرِ
کھٔسِتھ بییہِ ژلنس منٛز کامیاب سپدِتھ۔ پھیرِس کھٔسِتھ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ اکھ تہٕ أمِس نہٕ

آبس منز تہٕ نہ خوشکی پیٹھ بڑ وٛنہہ گژھتھ۔ طوطہٕ دژ اوتہٕ وٛنن بادشاہس مُلکہ ہنٛدی حالات تہٕ وٛننس ژٕ کر جلدٕ ے تٔس موکلاوِتھ اَنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ گو وتیار تہٕ کینژن دوہن اندر رووت سوداگر سُندٕ گرٕ۔

ہاے تِم کِتیاہ خوش گئے اَکھاَکس سمکھتھ۔ تِمن اوس باسیوٚمُت زِ تِم گئے اَکھاَکس نِشہٕ ہرہمیشہٕ خاطرٕ ژھینہٕ مگر خدایَن کٔر کھ مہربٲنی تہٕ دُبارٕ سمکھی اَکھاَکس۔

شامَس بٲگ گٔژھتی بادشاہ تہٕ تِمی سٕنز مارٕی منز مہرٕ نی أمس پچھِرس تہٕ ژٕلی أمس عجیب پچھیرس کھسِتھ اَمہٕ شہرٕ نبر۔ طوطہٕ روٗد دیٚمَن بڑ وٛنہہ بڑ وٛنہہ یِمَن وَتھ ہاونہٕ خاطرٕ وُڈان۔ کیہہ کالی وٲتی تِم بادشاہ سٕندِس مُلکس منز۔ لُکھ دژ اے یِمَن زبردست پٲٹھی وایان تہٕ گژ ایان استقبالس۔

اَمہٕ پتہٕ روٗد بادشاہ مَرن گرِتانٛی خوش پٲٹھی زندگی گزاران۔ طوطہٕ آو وزیر اعظم بناونہٕ تہٕ اَتھ سلطنژ سبٹھاہ پاپر جاٗیِلی تہٕ عزت پژ اونہٕ خاطرٕ۔ کوٗرُن سبٹھاہ زیادٕ مَد دیمہٕ یِکنی سو سبٹھا یژ کال تانٛی مشہوٗر روٗز۔

(راوی: قادر امراکدل سرینگر)



# پٔزی کنٛز چھکھ دانا بینا

اَکہِ دوہہٕ اوس اَکھ پڑھہِ روٗستے نفراأ کس ڈوٗنی گُلِس تَل بیٛتھ تہٕ نٮ۪
اوٗسُس اَکھ پأرِم اکہٕ گُلاتہٕ۔

پَڑھہِ روٗسی أمی شخصن گرہیوٚ رکُن نظراتہٕ ننشوٗنکی پأٹھی وۄنُن "ہاے خدای
گتھ چھِتھ بیٛتِس بڈِس گُلِس یِم لوٚکٕٹ میوٚتھ اوٚی ءمتی تہٕ أولِین لوکٹِن گُلِن چھِ میوٚ
والان۔ ہر گاہے یَتھ گُلِس یمہٕ پأرِم اکہٕ آسہٕ ہَن وَسان تہٕ اکہٕ گُلِس ڈوٗنی۔ توتہٕ أ
کتھا۔ ئہٕ ونہا اہنسا چھکھ دانا۔

أتھی منٛز پیوٚ گُلہِ پیٛٹھہٕ اَکھ ڈوٗ ناتہٕ پیوٚس سیوٚد ڈےگلَس پیٛٹھ۔ اَتھ ڈٔزٕ
دَگ۔ اَدِ لوٚگُن وَنُن "پٔزی پأٹھی چھکھ خداے۔ داناتہٕ بینا چھکھ" ہر گامہٕ بیٛتہٕ تھد گُ
پیٛٹھ پأرِم اَل پیٛیہِ ہے مےٚ آسہِ ہے أتی زُوڈز امُت۔ چانہِ دلناأیی، چأنِس طاقتس تہٕ
چأنِس رژرَس واتہِ نہٕ کانٛہہ۔ یہِ ژ زانگھ تہِ زانہِ نہٕ کانٛہہ۔"

(راوی: وٚنجہِ بیار ریگ اَکھ زمیندار۔ بقول مصنف تمِس وۄن أکی جرٛ
دوستن زِیہِ ڈٔلیل چھےٚ تہنٛدِ مُلکس منٛز تہِ راأتج۔)



# بیقل گریوس

## I

اکہِ دوہہِ صُبحٲے دژاو اَکھ گریوٗس گرِ پیٹھہٕ کامہِ خاطرٕ تہٕ ستّ آسس دوٗہس کھینہٕ خاطرٕ لنگوٗٹہِ وٗلتھ داہ ژوچہِ۔ سُہ اوسنہٕ وُنہِ گرِ نشہِ زیادٕ دوٗر روو تمت زِ تس باسیہِ سخت بوچھِ تہٕ اوے بیوٗٹھ پتھر تہٕ لاجن ژوچہِ کھینہٕ۔ اَکھ، زٕ، ترٕے، ژور ژوچہِ موکلاوِن کھیتھ مگر بوچھِ ہمیٚس نہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کھیٚین پانٛژم، شیٚیم، سَتم تہٕ اَٹھم ژوٹ تہٕ مگر توتہِ اَسس بوچھِ۔ بہرحال سُہ ووتھ تہٕ دژاو۔

پانسے ستّ سوچُن "سُہ کیاہ گرِ ووٗنی مےٚ پزن نہٕ یمہٕ ژوچہِ کاٗم شروٗع کرنہٕ بزٕ ذٕہہ کھینہِ۔ ہرگاہ تہِ گرِ پتہٕ کیاہ کھمہٕ سُہ دوہس۔ مگر مےٚ آیہٕ نہٕ وُنہِ یڈ۔"

تَسند یہِ سوچُن تہِ گوو بے کار ے۔ بوچھِ ڈٲلی تس پزٕ تہِ گرٕیوس بیوٗٹھ بیٚیہِ پتھر تہٕ کھیٚین باقیٕ زٕ ژوچہِ تہٕ پتہٕ سپُد سیر۔

"افسوٗس" تمی ووٗن "سُہ کیُتھ بے وقوف چھُس مےٚ کیاز زِ کھیٚیہ نہٕ یِمے زٕ ژوچہِ گوڈنیتھ۔ ہرگاہ مےٚ تہِ آسہِ ہے کوٚرمُت مےٚ آسہٕ ہَن وُنی کیٚبس لنگوٗٹہِ منزٕ اَٹھ ژوچہِ موٗجوٗد ے یمہٕ سُہ دوہس کھمہٕ ہا۔ ووٗن لگہم دوہس بوچھِ۔"

أمِس بیقلس اوس باسان زِیمہٕ أٹھ ژدچہِ تٕمۍ گوڈ کھیٚیہٕ تموکۆرنہٕ تسنز یہ چھ ژٕلراوُنس منز کانٛہہ مدد۔

(راوی: پنڈت آنندکول۔ زأنہٕ کٔدل سرینگر)





سرٕکہِ ڈٕنڈِس کُن أسۍ داہ گژ ییسۍ ووہِ نۍ یِم ودان أسۍ۔ تِمن اوس باسان زِ اَسہِ منز رووُس تانۍ اَکھا وَتے تِکیٚا زِیُس اَکھ یِمو منزٕ گژھند اوس کران تُس أسۍ نُوے یِوان۔ لیٚأری دژ اوا اَکھ سریہِ ہُنٛد شخصاتہٕ تٕمۍ پرٛ ژھنکھ ''ہے۔ توہہِ کیٚاہ ڈٕلیل چھےٚ؟'' گژ ییستو وۆنُس ''ہتہٕ خٔمس أسۍ دژ اییے گرِ داہ نفر مگر وۆنۍ چھِ أسۍ نُوے۔'' سریہِ باشس توٚ رۆلی فِکرِ زِ یِم کِتیٚاہ بیقل چھِ۔ سارنٕے اوس گرند کرن وِزِ پنٛنٕ پان گنٛزرُن مشان۔ اِدٕ کنٛز وۆن تٕمۍ یِمن زِ توٚہۍ وأرِلو سأری پننہِ ٹوپہِ گلو پیٹھہٕ تہٕ تم تھأوِیۆ کھ پتھرِس پیٹھ۔ تموکۆرلی تہٕ گرٕ ہگھ گرٛند۔ یِمہٕ آسہٕ داہ۔ اَمہِ پتہٕ باسیاو تِمن زِ أسۍ چھِ برابر داہ تہٕ کھرٕ کھوأنج۔ مگر یہِ کتھہٕ کنٛز سپُد تہِ ہیٚکۍ نہٕ تِم ژٕنتھ۔

(راوی: پنڈت آنندکول)





گرٕہٕ ستا اَکھ گوٗ وأ ٚکس ولنہٕ وأٚلس نٔش أ ٚکس پٕٔنٕسں مَرٕ ژمٔلی اَنہِ ۔ وانہٕ وأٚلی دِژٕس اَکھ مرٕ ژٕ موٗ ٹھا۔ سوٗ چن زِیہِ کوتاہ چھیٚ تہٕ اَمہِ ٚکنٕز یوٚ رٕن سوٗرٕ ے پَنہٕ نِس بٔڈِس چاأنٹس تہٕ پَتہٕ وَہرأ وِن پٕنٕز وتھرن (پٔچ) تہٕ وٗ ٔنُن "یہِ چھُ ٹیوٚ ٹھے یہن مگر تو تہٕ نہِ پرواے ۔ مےٚ کھوٗلُن ڈٔلی ڈٔلی اکہِ پٕٔنٕسک وَزُن۔

(راوی: پنڈت آنندکول۔ زأنہٕ کٔدل سرینگر)



## IV

گرٕہٕ ستاہ اَکھ اوس ہمیشہِ خدایس منگان زِ مےٚ سوزتن اَکھ گُر۔ اکہِ دوہہٕ اوس سُہ وَتہِ پکان تہٕ دِژٕن زورٕ کربکھا۔ "خدا صأبو مےٚ سوزتہٕ اَکھ گُر" اَمہِ وِزِ اوس اَکھ پٹھان أ ٚکس مأدِیانہِ کھٔسِتھ پکان تہٕ تِتھے سُہ أمِس نِشہِ وٗ ت مأدیانہٕ پیٹھ یہِ۔ بچھیرٕ ہیوٚ کنہٕ ڈٔلی ڈٔلی پننہِ ماجہِ پَتہٕ پتہٕ برابر پکِتھ۔ اَمہِ ٚکنٕز گرأ می ظأ لم پٹھانَن أمِس گرٕ ہِستِس زبردستی زِ سُہ پکنأوِن أمِس بچھیرس پانس ہتٕ گرٕ ۔ سیٚلہِ سُہ (گرٕ ہٕ س) اور

دوت سُہ اوس اَمہِ بارٕ ستی تھوٚ کمُت تہٕ اَمہِ کٔنِز بدلوٗن پٔژن سوچ تہٕ وۄنُن "خداصاب
مگرمےٚ دِمعافی بہ دِمَے ژٕنےٚ یہِ واپسے ۔ مےٚ گرشھہِ نہٕ وۄنی گُر"۔ یِلی ونان تر وٲن
یہِ بچھیرٕ پتھر تہٕ دژ اواَتہِ ۔

(راوی: پنڈت لال چند۔ کھنموہ پرگنہٕ وہی)





اکتوبر رتٕس منز آواَ کھ گاٗمی کپَس کِننہِ شہر ۔ یہِ اوس گوڈ نِکہِ پھرِ شہر آمُت ۔
سُہ ییلہِ بازرٕ منٛزی پکان اوس تٔمی وُچھ زِ سونَر اَسی پوٚتس پتھ سونہٕ وَس نارٕس تر اوان نہٕ
پَتہٕ سیوٚ دُے تمم کنان ۔ تٔمی سوٗنچ "اَتھ منز چھےٚ کیٛاہتانی چال بَتہِ کیٛا زِ کرِنہٕ یِلی ۔ ہٕنز بہ
کپَس کِننہٕ خاطرٕ کیٛا زِ پھیرٕ ئہ دربدر ییلہِ زَن ئہ تِتھَے کٔنز خریدار تنٛبلاوِتھ ہیکُھ ۔" اِ
کٔنز گو وسُہ کھارٕ وانس منز تہٕ ہٕنز کپسہِ پھوترِ دِژن نارٕ بچھہِ منز داَرِتھ تہٕ روٗ دپژاران ۔
اَدِ کیٛاہ کپسہِ گو وأتی سوٗر ۔

(رأوی: پنڈت لال چند کھنموہ)



# VI

سرینگر شہرَس منز چھےٚ اَکھ کہاوت."روپے چھےٚ روپیَن کُنے گژھان" تہٕ زَن گووتہٕ تھہٕ کنہٕ زِ"روپیی چھےٚ روپیہِ کموان۔"

اکہِ دوہہٕ بوٗز اکی بیقل گرٛیسی یہِ کہاوت تہٕ یہے کتھ بٹھس دِماغس منز۔ سہ گووا کُس ساہوکارسٕندِس وانس منز ییتہٕ تِمی روپیہ تہٕ ژامہٕ سکن ہنڈی زٕ ترٛے ڈیرٕ وٕ چھہ۔ تمی ترٛاو روپے اکُس لبہٕ کھرٛکہِ منز تہٕ رٕوٗ دوناں۔"ڈٕلو ڈٕلو روپیو۔ ڈٕلو میانہٕ روپیہِ نش۔" اتھی حالس منز ترٛاوا بیقلن پنٕنی روپے تیژ اندر زِ یہِ گیہٕ کھرٕ وانس منز تہٕ وا ژساہوکارسٕندٕن روپیَن منز۔ امی کوٗر روٗدناتہٕ گوو واپس گرٕ۔

اَمہِ پتہٕ کینہہ کالا گژھتھ سمکھ تس سُہ نفر ییمی تس یہِ کہاوت وُنی ہژ اُس تہٕ وٕونس زِ چون وَنُن کتھہٕ کنہٕ دژ اواپزٕ۔

اورٕ ووٗنُس تِمی دِبلکل نہٕ۔ مےٚ ووٗنمے ژےٚ ٹھیک۔ چانی روپے گیہِ ساہوکار سٕنٛدٕن روپیَن نش۔ تِمہٕ آسہٕ زیادٕ توے کنٕ اوس تِمن زیادٕ طاقت۔"

(راوی: پنڈت لال چند کھنموہ)



# کرم یا دھرم

یہِ اوس اَکھ برہمنایَس نہٕ نیچُو اوس تہٕ اَمہِ کِنز اوس سخت پریشان۔ سُہ اوس دوہَس راتس دَیس منگہٕ منگ کران، سادن اوس سبٹھا دکھشنا دِوان تہٕ منچ خاہش پوٗرٕ سپدنہٕ خاطرٕ اوس مندرن بڈٕی بڈٕی دان دِوان۔ اُخرس تہٕ زاوتَس اَکھ نیچُو۔ گرَس منز آیہِ سخت خوٗشیہِ مناونہٕ تہٕ برہمَن آے اَتھہٕ وۄتھ ترٛاُوِتھ رنگہٕ رنگہٕ نذر و نیاز بأ گراونہٕ۔

لڑکہٕ دوت یہہ وُہر تہٕ آو سکول سوزنہٕ اَمہِ پتے موٗ دیہہِ برہمَن۔ اَتھ ستی پیوٗ لڑکہٕ بمار تہٕ واریاہَن دوہَن دوت قریب المرگ۔ یہِ اوس أکِس غریب زنانہِ تہٕ ماجہِ ہنٛدِ خاطرٕ سبٹھا تکلیفک وقت۔ تٔمس اوس خانہٕ دار روومُت تہٕ وۄنی اوسُس نیچُوَتہٕ قبرِ بٔتھِس پیٹھ۔ ''وائے بھگوانہٕ، کرتہٕ دیا تہٕ بچراوتَن، کرتہٕ دیا تہٕ بچراوتن'' سو اُس مُتواتر یلی ونان۔ تٔمی سُند دُعا گو وقبوٗل۔ اَکھ جوٗگیا پیوٗ تٔسند گرٕ واُتتھ تہٕ تٔمی کوٗرُس وعدٕ زِ ہرگا سو تٔمی سٕنٛدِ بن ہدایتَن پیٹھ عمل کرِتیلہِ بچہٕ تٔسند نیچُو۔

''گرٕ ھان گاڈٕ تہٕ ڈلی ڈلی رَنٛکھ تِم'' تٔمی وۄنُس۔

تٔمی بأ گراوِیم گاڈٕ تربن حِصَن منز۔ اَکھ حِصہٕ کھیوٚن پانس، دوٚیم حِصہٕ دِتُن

أمِس برہمن بایہِ تہٕ ترٛیمس ہِسس پٔرن کیٛنہہ منترتہٕ سوٗزُن بمارلڑکس۔ گاڈٕ کھبتھ گووِیہِ لڑکہٕ ٹھیک۔

ییٚلہِ امہِ پٔتن نیچو ٹھیک سپد ان وُچھ تَمہِ لوٗگ تیوٗت شُکر کرُن ییٚنہٕ وَنس منٛز یتھے ہیٚکہِ۔ تَمہِ ترٛ وو جوٗگی ہِندبن کھورَن پیٹھ پتھرِس پیٹھ پان تہٕ کوٗرنس زارٕ پارٕ زِ اَسہِ ترٛ اُوتھ ییٚنہٕ زانٛہہ نیرَ کھ۔ "ترٛ روزتہٕ اَسی ستی"

سورٕ زِس ونان "اَسہِ چھُ کُہے کیٛنہہ مگر چانٛی۔کِنی کرِ اَسہِ پرمیشوریٲری تہٕ بَنہِ برکت"۔

جوٗگی ووٗنس درجواب "نَمہ برَغم۔ تِہُند ییٚنہٕ وول وقت آسہِ نوٚوے نوٚوتہٕ خوشحال۔ مَہ ہے کانٛہہ غم۔"

اَمہِ پتہٕ کیٛنہہ دوٗہی لوٗگ جوٗگی أمِس لڑکس کیاہ تانٛی سورمہٕ تہٕ لڑکس آیہِ پکھہٕ تہٕ سُہ لوٗگ جاناوارن ہندی پٲٹھی وُڈنہِ۔ اَمہِ پتہٕ ووٗن تَس جوٗگی زِ ژٕ گژھ بادشاہ ہِندِس خزانس پیٹھ۔ دارِ کِنی اَژتورتہٕ یوٗتاہسکھ تیژ دولت اَن تہٕ۔ لڑکن کوٗر یِیا تہٕ انِن تۆر تیژ روپیہ ییژ یہنٛدِ آرام سان روزنہٕ خاطرٕ یمن مرنس تانٛی پوشہِ ہَن۔

شاہی افسرَن ییٚلہِ امہِ سُنٛز ہُند پے لوٗگ تم سپدی سخت پریشان۔ اُتھی پریشانیہِ منٛز گے تم بادشاہَس نِش تہٕ ووٗنہس تہِ سورُے یہِ سپُد مُت اوس۔ تمو کرِ ژوٗر لبنہٕ خاطرٕ پرٛ بتھ کانٛہہ کوٗشش مگر تم سپدی ناکام۔ اَمہِ پتہٕ گو وجوٗگی شاہی محلس منٛز تہٕ بادشاہ سُنٛد شرارت وُچھتھ کوٗرُن تَس یہِ وعدٕ زِ یہٕ دِمہٕ نے ژوٗر لبتھ۔

(برہمن بایہِ ہِندِس گرس نکھہٕ اکہِ جایہِ ہُند ناو دِتھ ووٗنن) بادشاہ صاٗب

دِیِن فلاَنی جایہِ زبردست دُہ زالنگ اجازت۔

بادشاہَن دِیُت اتھوٚ پیٚٹھی یہِ عجیب حُکم تہٕ یہِ آو عملہِ منز اَننہٕ۔

رِیٚہہ تہٕ دُہہٕ ستی کل ہِرتھ دراو لڑکہِ گرِ تہٕ رۄٗ دا تھ نارس زِشہِ۔ مگر تس ہِنٛز

باتٕ تماشہِ گیر نےٚ ہِنٛدی پاٗٹھی اَتہِ وٗلی وٗلی اُچھ موٗران موٗران نیرن۔ افسوٗس، سُہ

گودِنیہِ گرِتھ۔ اُچھَن موٗران موٗران وۄتھ تِمس سُہ سورمہٕ تہٕ سورمہٕ وُتھتھے گیہ تس

پکھے غاٗب تہٕ تتھہٕ کنٛز آو سُہ رٹنہٕ۔

"ہوٚ کیاہ چھُ ژوٗر! ہوٚ کیاہ چھُ ژوٗر! رٹیوٗن یہِ" جوٚگ دِژ بادشاہَس کَن

کربھ یُس اَتی موجوٗد اوس۔ یہِ لڑکہ تہٕ اَمی سنٛز موج آیہِ گرِ منزٕ کَڈِتھ ژھننہٕ تہٕ تم

سپدی دوہدِش کھبنہٕ چنہٕ خاٗطرٕ گرِ پتہٕ گرِ پچھنَس پیٹھ مجبوٗر۔ وانہٕ واٗلس اَکِس آوِ ہُنٛد

عارتہٕ روٗٹن یہِ لڑکہ مُلا زمُژ پیٹھ۔ یہِ لڑکہ اوس دُنہِ وانہٕ واٗلی سےٚ زِشہِ کاٗم کران ییلہِ

اکِہ دوہہٕ شامس اَمہِ مُلکُکی بادشاہَن پننہٕ زِماٗری منزٕ کورِ بُلاوِ تہٕ تِمَن پرٛژھُن زِ "گرِم

چھا بوٚڈ کِنہٕ دھرم" لوکچہِ کورِ دِیُت گوڈٕ جواب زِ گرِم چھُ بوٚڈ مگر بچہِ : شہِ وۄنُس دھرم۔

ییلہِ تمہِ یہِندی جواب بوٗزی تس کھوٚت لوکچہِ کورِ ہُنٛد سخت شرارت تہٕ اِک کنہِ دِژن سواَی

سےٚ ژٕرِ کِٹس نیٚتری یُس وانہٕ واٗلس زِشہِ موٚہنِوی گری اوس کران۔

"ژےٚ دِتھ نایہِ جواب۔ وُچھتہٕ وۄنی پننہِ کتھہِ ہُنٛد نتیجہ" بادشاہَن وۄنُس۔

یہِ اوس اَمِس جوان شہزادِ ہِنٛدِ خاٗطرٕ اَکھ کرۄٹھ تجربہٕ زِ سواَس دۄہی دہَس

ہِتھ اِنٛدٕ رِگتان تہٕ یہِ کم قلیلاہ سوتہٕ تَسُنٛد غریب روٗن زینان اَسی تتھی پیٹھ اَسی زچھہٕ تہٕ

میٚچہِ ہُنٛد گزار کران۔

اَمہِ باوجوٗدٲ س تَس پَنہٕ نِس عقیدس پیٹھ پوٗر پڑھ تہٕ تَس اوس یہِ ہِتھ زِرٕ تی دوہ پھیرَن ۔ سورٕۍ زٕ ہتھے عبادت کران تہٕ صبرٕ سان پڑاران مگر تس پیٚیہِ سخت جدوجہد کَرٕنۍ ۔

چھیکرس میوٗل تَس پنہٕ پڑھہِ تہٕ صبرُک انعامہٕ ۔ اَتھ مُلکس منٛز اوس اَکھ تیٚتھ حوض زِیُس اَکھا تَتھ نَکھہٕ گوٚ ھِ ہے سُہ اوس اوٗن گوٚھان ۔ اَکہِ دوہہٕ ژوکیہ گتھ تاذٕ گتھہِ پیٹھ دانہٕ وٲلِس اَمِس برہمن کُڑ ہنٛز تہٕ سوٗزُن اَتھی حوض پیٹھ آب اَننہٕ خاطرٕ ۔ لڑکَس اُس نہٕ اَمکہِ آنٛچ خاصیت پتاہ تہٕ سُہ دژ اوتور کُن ۔ ییٚلہِ سُہ اوٗتھ واتَن ہیوٚتُن تہٕ حوضہٕ کِس اَکِس طرفس نِش وٲتھ گیہ تَمِس لتہٕ آواز ۔

"ہے گوٚ برا ۔ مےٚ چھُ ژٕ ے پیٹھ سخت عار یوان ۔ ژٕ کیازِ آکھ یور؟ ژٕ ے چھی ناپتاہ زِیُس اَکھا یتہِ آب چھُ نوان سُہ چھُ اوٗن گوٚھان ۔"

"مےٚ چھُنہٕ کِہنی پتاہ ۔" لڑکن دِتُس جواب "بہٕ سوٗزنس مٲلکن تہٕ دوٗ پَنٛم اَتہٕ اَن آب ۔"

ظٲلِم انسان ۔ تَمِس چھُ کیاہتام زہرچون ۔ ووٗنۍ گوٚو بہٕ واتناوے نہٕ ژٕ ے کانٛہہ آزار ۔ بَر پَتُن بانہٕ تہٕ نہٕ سُہ مٲلِکس ۔ مگر ستی کرِیہ کٲم زِ اَتہِ تُل سیکہِ رَژھاتہِ تہٕ سوتھا وپھیرن لونٛچہِ گنٛڈِتھ تہٕ خیال تھاوِ کہ زِ تُھنہٕ اَتھ توت تاذٕ گنٛڈ موٗرکھ یوٚت تاذٕ نہٕ گرِ واتِکھ ۔" یہِ وٕنتھ گیہِ اَتہٕ ژھوپہٕ ۔

یام یہِ لڑکہٕ وانِس پیٹھ ووت تہٕ پلنوٗن آب مٲلکس تہٕ تَمی دِتُس کیاہ تام پنٛسہٕ ٹونکاتہٕ ۔ یہِ اوس اَز بلکل بدل معاملا مگر وانہٕ وول اوس سوچان زِیہِ سَپد جلدٕ ے

اؤن تہٕ پنٕنس پنسہٕ حاجت۔

شامَس بأ گوگو ولڑکہ گرٕ۔ "یوٗگن وُ چھ" تمہ وۄن پننہٕ آشنہٕ۔ "وُ چھ ولنہٕ وأنی دِیت مے یہ تحفہٕ۔ مے چھنہٕ یہ سمجھی یِوان مگر مے چھے ژے بیا کھ عجیب کتھا وَنۍ۔ ییٚلہِ بہ اَز صُبحے ولنہٕ وأ لِس خأطرٕ آب انہٕ خأطرٕ فلأنی جایہِ حوضس پیٹھ ووتس، تمہ دِیت لس تمہِ جایہِ ہُنٛد نیب۔ "اَتہِ گیہِ مے اَکھ آواز زِ ژٕ تُل اَتہِ آبس لرِ سیکہِ رژھاتہٕ تہٕ سو گنڈ لونچہِ۔ تہٕ توٗت تانی مُژراؤ ی زبنہٕ یوٗت تانی نہٕ گرٕ واتکھ۔ وُچھ مُژرٕ ژٕ یہ وۄنۍ" زنانہِ کوٗریِ۔ تہٕ الاے۔ اَتھ سیکہِ اَسی سبٹھے موٕللی لال تہٕ جوہر بیٚمتی۔

تمہِ دِژ کربکھ "کرم چھُ بوٚڈ، کرم چھُ بوٚڈ، کرمے چھُ بوٚڈ۔ مے اُس نہٕ ہٕکی اَتھ پیٹھ پڑھ کرمژ۔"

اَمہِ پَتہٕ اوس یہ برہمن تہٕ أمی سنزٕ آشنی سبٹھا امیر تہٕ وقتا وأ تتھ ژھنٛی أمی ولنہٕ وألی سنز نوکری ترٛأوِتھ برہمن گٔو کٔڈ وارٕ وارٕ دولت نٔنی۔ یتھ زِلاوٗگن گوٗھی نہٕ شک ووٕتلنٛۍ تہٕ پَتہٕ ییٚلہِ أمی مُلکس منز پٔنن تھوٚ د اَثر پژ وو تہٕ کوٗرن اَکھ بوٚڈ سال۔ بادشاہس تہٕ آو سال کرنہٕ۔ یتھ زِسہ پانہٕ دعوژ منز شأمل سپد تہٕ سُتہٕ آوسأ لس پیٹھ۔ یہ اوس سبٹھے شاندار تفریحا۔ خاصہٕ خاصہٕ چیز آے پیش کرنہٕ سبٹھے خوشبوٗنی عطر أس مُشکہٕ ژھٹہٕ بخشان۔ پرٛ بتھ طرفہٕ اوس میوٗٹھ گیوٗن تہٕ ساز وَزان پرٛ بتھ کانٛہہ چیز اوس تتھہٕ کنی سپدان زِ پرٛ بتھ کأنسہِ اوس مزٕ تہٕ سکوٗن یِوان۔ بادشاہ اوس یمہ انتظام وُچھتھ سبٹھے خوش۔

سألس پیٹھ أس بادشاہ صأبس پننی کوٗر خاص پأٹھی پرٛاران مگر تَس اوس نہٕ

تہٕ پتاہ زِیہِ چھےٚ تسنٛز ے کۆرتِکیاہ زِسو اُس کھاندرپٮ۪تہٕ وۆنۍ واریہہ بدلیمٕژ تہٕ اَمہِ علاوٕ اُس سوپزٕ بتھ وِزِ بادشاہَس بڑ وٲنہہ کُن کانٛہہ چیزٕ انہٕ وِزِ بدلِ بدل رختلاگان۔

چھیکرَس ییٚلہِ بادشاہس وۆنۍ نیرٕن اوس تہٕ سوگیہِ تٔمس نش تہٕ وۆننس زِ یہ چھس چاٚنۍ سولوٕکٹ کۆریوسہٕ ژٕ یے ولنہٕ واٚلۍ ہٕندِس غریب مۆہنوِس نیٚچرِ دِژ اُتھ۔

"بابہٕ صاٚب۔ مےٚ وَن تہٕ وۆنۍ چھُنا کرم دھرمہٕ کھوتہٕ بۆڈ" تمہِ وۆنُس ژٕ دُچھ میانِس خانہٕ دارٕ سنٛز دولت تٔمۍ سُندگرٕ۔ مُلکس منٛز چھا توہہِ ورٲے کانٛہہ اُکھا یۆت امیر تہٕ یۆت بۆڈ۔"

بادشاہَس گو وپنہِ غلط سوچُک تہٕ غلط کامہِ ہُند احساس۔

پننۍ کۆرنالہٕ مَتہٕ رٔٹتھ کۆرُن تَس یہِ وعدٕ زِ یہ دِیہٕ پننۍ سلطنت اُمۍ ہٕندِس خانہٕ دارَس۔ یِی اوس کرمَس لیٚکھِتھ۔

(راوی:بِشو بایو۔ رِنۍ وورسرینگر)



# ژور کھر تلہٕ شُری تہٕ تہُنٛد طالع

بادشاہَس أکس أسی ژور نیچوی یِمَن سارِنٕے خراب عادت أسی۔ أکس اوس ژامُت شراب، بیٚیِس چرس، بیٚیِس أفین تہٕ بیا کھاوس بھنگہٕ چوان۔ یِمو ژورو کھوٚت تہٕ ژوٚر خراب تہٕ کھر تلہٕ آسہِ ہے تہٕ دُنیاہَس منٛز کانٛہہ اکھا۔

اکہِ دوہہٕ وۄن وزیرَن یُس بادشاہ سُنٛد خاص یار تہٕ صلاح کار اوس بادشاہَس یِمَن شاہزادَن ہنٛزَن اترأفلَن ہُنٛد تہٕ مُلکہٕ، لوٗکن تہٕ گرٕ خاطرٕ یِہنٛزَن بچھ کامین ٹھاک لاگنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہَن یِیلہِ نیچو بن ہنٛد بن یِمَن کو کارَن ہُنٛد بۄزتس کھوٚت سخت شرارت تہٕ تِمہٕ مُلکہٕ منٛز کٔڈِتھ ژھننٛک دِتُن فوری حُکم۔ تِمی وۄن مے چھُ بہتر کُنہِ دۆیمہِ خاندانُک کانٛہہ موُنکتہٕ اَنُن تہٕ یِمَو بدکارو منٛزٕ کأنٛسہِ أکی ہنٛدِ بدلہٕ سے پَنُن جانشین بناوُن۔

وزیرَس انتقام ہنٛک قصد کرنہٕ پتہٕ تِلکی یِمَو ژوشوِ ےشہزادو کینٛہہ ضرورتکی چیز تہٕ دژاے اتھِ۔ کینٛژو ہفتو پتہٕ وأتی تِم بیٚیِس أکِس مُلکس منٛز یٚیتہٕ تِم بادشاہَس مُلا قاتس گے یتھ زِنہٕ تِمَن کانٛہہ نوکری دِیِہ ہے۔ مگر اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس تہٕ أس یِہنٛد بن کرتوٗتن ہنٛز پوٗرٕ پے یِیمہِ کِنہٕ تِمی یِمَن کانٛہہ کأم دِژ تہٕ یہِ حُکم دِتھ کُرن روخصت زِ یوٗت جلد تِمَن ممکن سَپدِ تیوٗت ژٔلی ژٔلی نیٚرن تِم اَمہِ مُلکہٕ منٛزٕ۔

کیٚمہِ کالی وأتی تِم بیٚیِس مُلکس۔ یام تِم مُلکہٕ کِس بڑِس شہرس نکھہٕ وأتی تِتھے سیٚزٕ راتھ اَمہِ کِنہِ ترٛ وو تِموأ کِس بڑِس کٕلس تلہٕ کِنہِ ڈیرٕ تہٕ کھنہٕ چی یأژ گیگھ تأرتہٕ لر ترٛأدِ تھہٕ پیٚنکھ ہِنہٕ ڈر۔

اے رأژ اوس اَمہِ شہرُک اَکھ بارستہٕ باپأری گُزریوٗمُت تہٕ تِمی کٕرٕ ہِنزی یار دوس اَسی تیٚتھ نفرا ژھانڈان یُتھ سہٕ میٚتس توٗت تانی رأژھ روزِ ہے یوٗت تانی تِمی ہِنزِ دفناوُنک وقت واتہِ ہے۔ یِتہِ چھُ عجیبے باسان زِ تِمن میوٗل نہٕ تیٚتھ کانٛہہ نفر اَیُس یہِ کأم کرنہٕ خأطرٕ تیار سپدِ ہے۔ اَتھی منزٕ آو اَمہِ جمأژ منزٕ اَکِس نفرس خیال زِ عأنِ ممکن چھُ زِ شہرِ نبر ماہیکہِ تیٚتھ کانٛہہ اجنبی یا بیچھوٗ نا میلتھ یُس کینژن روپیٚن ہِنزِ خأطرٕ یہِ رٕژرٕ چ کأم مانہِ گرٕنی۔ اَمہِ کِنہِ ڈراو سہٕ شہرٕ کِس سرحدس کُن تہٕ اَتہِ ووچھن یم ژور شہزادٕ پٔتھرِس پیٹھ شوٗنگتھ۔

تِمن ہُشار کٔرِتھ ووٗن تِمی ''تو ہہِ منزٕ ہیکیاہ کانٛہہ اَکھا موردس نظر گُزرتھا وِتھ تہٕ تِمس میلہِ جان تحفہٕ۔''

شہزادو ووٗنُس ''آ۔ اَسی کروے ژٕ مدد مگر اَسہِ چھِ کاربار شرٛوٗع کرنہٕ خأطرٕ ژور ساس روپیہِ ضرٛوٗرت۔'' اُمی نفرن ووٗنکھ ''عأش کٔرِتھ۔ پکو مے ستی۔''

گزریمتس باپأری سُند گر وأتِتھ آو یِمن ژوٗن نفرن سہٕ کمرٕ ہاونہٕ یتہٕ میت اُس تھاونہٕ آمُت۔ تِمو کوٗر روارِ وارِ رأژھ کرنُک فأصلہٕ۔ رأژ ہِنزِس گوڈنِکس پہرس بیوٗٹھ اَکھ شہزادٕ ییٚلہِ زَن باقی شوٗنگی۔ ییٚلہِ اَمہِ پہرُک اَکھ گأنٹا ہیوٗ سپُد تہٕ یہِ موردٕ ووٗتھ تہٕ رٕوٗد بیٚہتھ تہٕ لاجن گتھہٕ کرنہٕ۔

''مےٚ ستی گنٛد کھانٛرِ بازاٗ'' اَمی وۄن

شہزادَن وۄنُس ''بلکل ئہ گنٛدٕ مگر شرط کیٛاہ روزِ۔''

''ہر گاڑ ےٚ ہوٗرتھ تیٚلہٕ دِکھ ژٕ مےٚ ژٕ ساس روپیہٕ'' مٔیٖرٕ وۄنُس۔

شہزادَن وۄنُس ''مگر یہٕ گووناا کی طرفہٕ۔ ہرگاہٕ ژٕ ہار کھ تیٚلہٕ کیٛاہ دِکھ مےٚ۔''

موٗمتی باپاٗ رٕ وۄنُس ''ہو۔ تمیک مَہ بَر پرواے۔ یتھ گرِس منٛز چھُ فلانٕز فلانٕی جایہٕ واریہہ بڑ خزانہٕ ژٕ ریٛاٗ ٹھی تھاوِتھ۔ ہرگاہٕ ژٕ یژھکھ ژٕ یۄت ہیٚکھ تیۄت ہیٚکھ نِتھ۔''

شہزادَن وۄنُس ''تہٕ گووٹھیک'' اَمہٕ پتہٕ لوٚگ داو۔ شہزادَن ہار نوودوٕیہ ہیٚر یہٕ موٗمت باپاٗ رٕ تہٕ سُہ مانیہٕ ہے تہٕ ژیم بازتہٕ ہرگاہ نٕ تُمی سُندراٗ چھ پھر اندواتہٕ ہے۔

یام سُہ پَتہٕ نِس بیٚنِس باٗیس ہُشار کرنہٕ خاطرٕ پھیوٗ رلاشہٕ دِیُت درازتہٕ ژھوٗ پہٕ گرِتھ۔

شہزادَن وۄن باٗیس ''وۄتھ سا۔ وۄنی چھےٚ چاٗنی واٗری راٗچھ کرنٕچ مگر خیال تھاوِزی زِ لاشہٕ چھی پرٕ بکس۔''

دوٗیمِس شہزادَس اوس وُنہٕ کیہٕ کال راٗچھ رۄزِتھ گوٚمت زِ تَس آیہٕ تماٗ کر ٹٹھ۔ مگر تیٚوٗ نگل اوس نبر تہٕ سُہ کتھہٕ کٔنی ہیٚکہٕ ہے اَکس لحظس تہٕ لاشہٕ حفاظت سان اَتی تراٗ وِتھ۔ ژور ساس روپیہٕ زیٚنٕنگ دارمدار اوس یتھ پیٚٹھ زِ تِم گرٕ ہَن لاشہٕ پٕژ حسبہٕ سان راٗچھ۔ شہزادَن وۄن پاٗنی پانٕسے ستی ''مےٚ چھُ پتاہ کیٛاہ چھُ گرُن۔ بہ گنٛڈَن یہٕ لاش ہَلہٕ گنٛڈنہٕ ستی پَتہٕ نِس کمرس۔''

نیبرٕ گنہٕ ییلہِ تٔمۍ چلم ہیرٕ گرماوٕنۍ تٔمۍ وُچھ تہٕ باسیوٚس کینٛہہ گزبڑ وٕنہٕ پہن بیٛا کھ نارامگرژکہِ اوس یہِ اَکھ اُکہٕ اٲچھل دوٚیُس پنٕنہٕ اَمہِ اکہِ اٲچھہِ ستۍ اٲمۍ ہے گُن اوس وُچھان۔ یُتھ زِ اٲمس مأرِتھ ژھنہِ ہے۔

شہزادَن پرٕژھُس "ژٕ گُس چھُکھ؟ ژٕ کیاہ چھُکھ ییٚتہٕ ژھانڈان؟ گوڈ ییٚتہٕ دوٗرنتہٕ ژٕھلتھ ئہ مأرِتھ تہٕ گنڈٕتھ تِتھے پأٹھۍ پنٕنہٕ نِس کمرس تتہٕ پأٹھۍ مےٚ تیٚمس نفرس وُنۍ کوٚر۔" تہٕ ستۍ ہووُنس اَتھ لاشہِ کُن۔ اُکہٕ اٲچھل دوٚن ییلہِ یہِ بوٗزُن تژٕہر یاوتہٕ لوگُن شہزادس زارٕ پارٕ کرُن زِ مےٚ دِمعأفی تہٕ کوٚرُنس وعدٕ زِ یہِ کینٛہہ ہاژٕ وَنگھ تہٕ دِمےٚ ئہ۔

شہزادَن وُنُس "مےٚ گژھِ نہٕ کہنٛہ مگر اگر ژٕ یژھکھ تہٕ گژھ پھِر تیٚلہِ دریاوُک روخ یُتھ سُہ بادشاہ سنٛدِ محل خانہٕ کُن پکہِ۔"

جنَن وُنُس "مبلکل کرٕ ئہ تی" تہٕ یہِ وناٲنی دژاوتہٕ کوٚرُن یی۔

رأچھ ہُند دوٚیِم پہر ووت اندٕ لہٰذا اتھاوٕ شاہزادن لاش پلنگس پیٹھ تہٕ کوٚرُن پُٹن بیٛا کھ بوٚے ہُشار یُتھ زِ سُہ پٕنٕنۍ وأرۍ نکھہٕ والہِ تہٕ اٲمس یہِ ہدایت دِتھ زِ لاشہِ چھےٚ پرٕبکس تہٕ اَمہِ کُنۍ روٗ زِ زِیوٚرٕ حبسہٕ گووُسہ شوٚنکنہِ۔

پہو ہے اَکھ گانٹاہیوٚ گژھِتھ بوٗزاٲۍ ترٛییِم شہزادَن اٲکس دیوٚنہٕ ہنٛز آواز زنتہٕ کانٛہہ بُڈٕ زنانہٕ وودان اٲس۔ تٔمۍ گنٛڈ لاش پنٕنہٕ نِس کمرس تہٕ دژاونبر یہِ وُچھنہِ زِ یہِ کیاہ ذٔلیل چھےٚ۔ تٔمۍ وُچھ زِ مکانس نیبرٕ گنہِ اٲس اَکھ بُڈٕ زنانا ووٗدٕنۍ تہٕ پانس دیوٚنۍ وَنان۔ تیٚمۍ تُج یورٕ پٕنٕنۍ چھٔرۍ تہٕ وأجنس۔ بجِہ تِتھےٚ یہِ وُچھ سو پھیرٕ پوٚت تہٕ ہیوٚتُن

ژٕلُن تہٕ اَتھ منٛز ژھٕنِس زنٛگ تہٕ تَنٛد باقٕے جِسم گو وغأرٕ۔

شہزادٕ گو وحأران "یہِ چھُ عجأیباتھا" زنانہٕ ہُنٛد کھوربانہٕ ٹلُن تہٕ تھوون پنٕنہٕ صدرِ منٛز۔ "سو۔ کتھہٕ پأٹھی آسہِ اکی ہٕے زنٛگہِ پیٹھ ژٕلتھ ہیچمٕژ۔"

پَتہٕ ژاو سُہ اَنٛد رتہٕ رۆ دپٕکن رأچھ پہر انٛد واتنس پژاران۔ اَمہِ پَتہٕ ٹلُن بیاکھ شہزادٕ یُتھ سُہ وۆنی تسنٛزِ جایہِ پیہِ ہٕے تہٕ ستی وۆننس زِ لاشہِ چھی پرٕکس لہٰذا تھأوی زِ پۄژٕ رحبس۔

یہِ شہزادٕ اوس لاشہِ نکھہٕ ہٕتھ زِ أتھی منٛز وُچھُن اچانک اَکھ جن بادشاہ ہنٛز مأری منٛز کۆر ہٕتھ درواز۔ کنی نیران۔ تٔمی گنٛڈ ۆلی ۆلی لاش کمرس تہٕ دژاو جنٛس پَتے۔ تٔمی وُچھ زِ أمی جنٛن ہٕیہِ یہِ شاہزأدی میل کھنٛڈ دۆ رتہٕ تَتہٕ پَتھر تژ اَتھ وۆننس یُتھ نہٕ ییمہِ جایہِ ڈٕلکھ تہٕ پانہٕ دژاو تیز رفتأری سان جنٛگل کُن۔ سُہ گو ونارانہٕ خأطرٕ یُتھ زِ شاہزادٕ رٕٹتھ کھیمہِ ہٕے۔ شہزادس تۆ رییہِ فِکرِ تہٕ اَمہِ کنی دوریاو أمِس (شاہزادِ) نِش تہٕ وۆننس ژٕ بدلاو مے ستی پکو تہٕ جلدی نیر ژٕ ییتہٕ یہِ لاش ہٕتھ تہٕ وات باپأری سُنٛد گرِ تہٕ تتی روز اَتھ رأچھ۔ "بٕہ روزٕ ییتی" تٔمی وۆنُس میۆن ہٕے زنہٕ وَہمہٕ۔ بٕہ آسہٕ وارٕ کارٕ۔

کٔمی کأکی پو جن نارتہٕ اَکھ بٔڈ تِلہٕ کژایاہٕتھ وأتتھ۔ بۆڈ نارٕ ڈیراز وُلن تہٕ کھأژن اَتھ پیٹھ تِلہٕ گرأے۔ ییلہِ تیلس گریکھ آیہٕ جنٛن وۆن شہزادِ کُن (یوسہٕ تس باسان اُس) زِ ژٕ دِیتھ اَنٛدی گتھ مگر یوٗرٕ وۆنس تیمی مے دِمعأفی مے تۆ رنہٕ فِکرٕ۔ جنٛن وۆنُس یہِ چھُنہٕ مُشکل تہٕ دِتن پانہٕ اَتھ اَنٛدی یکی کینٛہہ گتھ یُتھ زِ أمِس فِکرٕ تژ کیاہ چھُ گژھن۔ ظأہر چھُ زِ جنٛس اوس ارادٕ زِ أتھی گتھ دِنٕس دوران دِیہ سُہ أمِس تِلہٕ

کرایہِ کُن دَکہٕ مگر شہزادس توٚ رأے سُندیہِ کوڈُر فکرِ تہٕ دِتُن جنہٕ ہے گُنے دَکہٕ۔ یام جنس گرٛبکہٕ وِنِس تیلس تَل کَلہٕ گوواَتہِ گییہِ وَدَن کرِکھ۔ باسان اوس زنتہٕ زمینے پھٔٹ۔ اَمہِ پتہٕ آو شہزادِ گُرزریمتِس باپأرِ سُند گرِ واپس تہٕ شہزادٕ پنٕنی پلو واپس کرِتھ کٔرِن سوٚ محل خانس کُن روخصت۔ یام یہِ سأئلم سپُد تہٕ شہزادٕ لاشہِ لرِ پننہِ جایہِ واپس وٚوت تٔمۍ سُند رأچھ پہرِتہٕ وٚوت لٔنڈ۔

وٚونی اوس صُبح سپُد مُت تہٕ گُرزریمتِس باپأرِ سٕندی انگ أشناو تہٕ یاردوس آے تہٕ دِتِکھ رأے چھدرَن تِم ژور ساس روپیہ یِمَن ہُنٛد وعدٕ کرنہٕ اوس آمُت۔ مگر شہزادومون نہٕ یہِ رقم رَٹُن۔ تِمو وٚون أمیک دوگنہٕ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دھمکی دِژکھ زِ ہرگانہٕ تِم یہِ ادا کرَن تِم دِن بادشاہَس عرضی۔ مگر تِموٕ کرِ نہٕ یتھ گتھِ تہٕ وضاحت زِ تِم کیاز چھِ یتھ تقاضہِ کران۔ مگر گُرزریمتِس باپأرِ سٕندی انگ أشناو تہٕ نرمے نہٕ۔ لہٰذا وٚتھی ژوشوَے شہزادِ تہٕ دأتی بادشاہَس نِش تہٕ وٚونہس یہِ معاملہٕ ''بادشاہ صأب'' تِمو وٚنُس ''اَسہِ ستۍ آو دھوکہٕ کرنہٕ۔ یِم دارَن اَسہِ أٹھ ساس روپیہ تہٕ یِم چھِ اَسہِ امیک نصفے دِنس اقرار کران۔ مہربأنی کٔرِتھ کرِتہٕ اَسہِ ستۍ انصاف۔'' اَمہِ پتہٕ بلاونأوی بادشاہَن گُرزریمتِس باپأرِ سٕندی سأری رشتہٕ دار تہٕ یاردوس پانس نِش۔ شہرس منٛز گییہِ اَتھ معاملس متعلق زبردست دلچسپی پأدٕ ییمہِ کِنۍ اجلاس کِس کمرس منٛز سبٹھا لوٗکھ سمے۔

بادشاہَن پرٛژھ ''معاملچ حقیقت کیاہ چھےٚ۔ یِم نفر چھِ ونان زِ توٚہۍ دأرِو یِمَن أٹھ ساس روپیہ تہٕ توٚہۍ چھوٚ یِمَن ژورے ساس دِنۍ یژھان۔''

تِمو دِتُس جواب ''بادشاصأب۔ یِم چھِ اپٕز ونان'' اَسہِ کوٚر یِمَن ستۍ یہِ لفظ زِ

یم گرٕن میٚتِس راتس رأچھ یتھ ماوضنہٕ یمَن أسی ژورساس روپیہ دِمو۔ أتھ کتھہِ چھ اَسہِ کینٛہہ گواہ تہٕ بادشاہ سلامت۔ توٛہی زأنِو اَسہِ۔ أسی چھنہٕ بددیانت تہٕ نہٕ چھ تتہٕ ہٕر شِکس لدٕ زأسی کھمبو کأنسہِ ہُنٛد حق۔"

بادشاہَن وۄن ژورَن شاہزادَن کُن "توٛہی چھوا بوزان یم کیاہ چھِ ونان۔"

تِمو وۄنُس درجواب "بادشاہ صأب، أسی چھِ بوزان مگر یمَن چھنہٕ پتھے زِ اَمہِ لفظہٕ پتہٕ کیاہ سپُد۔ بۄ زِ وجناب تہٕ صحیح فأصلہٕ کری تو۔ راتھ کیٚتھ ریٚنٛد اَسہِ منٛز أکی گُرزیمتِس باپأرِس ستی نرٛدتہٕ زہِنِن ژورساس روپیہ یتھ متعلق گُرزیمتی شخصن وعدٕ کوٚر زِ یہِ رقم پیہِ تِمہِ خزانہٕ منٛز ادا کرنہٕ یُس تِمی پننِس مکانس منٛز فلأنی جایہِ ژھیپرأدِتھ چھُ تھووُمت۔"

گزریمتِس باپأرکی ہنٛدبن رشتہٕ دارَن کُن پھیرِتھ وۄن بادشاہَن "بۄزِدا توہہِ؟ یہِ چھا پۆز؟"

"بادشاہ صأب۔ نہ۔ اَسہِ چھنہٕ کُنہِ تہِ ژۄرِتھاونہٕ آمتہِ خزانک پے پتاہ" یِمو وۄنُس۔ اَمہِ پتہٕ دِیُت بادشاہَن حکم زِ کینٛہہ سپاہ ہِن مکانس تلأشی کرنہٕ خأطرٕ سوزنہٕ تہٕ أکھ شاہزادٕ تیمی گوڈنکہِ پہرٕ رأچھ کرُسہ گرٛشہِ یمَن ستی۔ گُرزیمتِس باپأرکی ہنٛدِ مکانہٕ کِس پڑبتھ کمرس آیہِ پۆرٕ تلأشی کرنہٕ یوٚت تانی اکہِ شونگن کُٹھہِ کِس پٔتھرس تل أکھ بۆڈ بارٕ خزانہٕ نۆن درٛاو۔ ییٚلہِ شاہزادٕ تہٕ سپاہ واپس آے تہٕ بادشاہَس یہِ خزانہٕ ہوڈُ کھسہٕ گو وسخت حأران تہٕ حکم دِتُن زِ یمَن گرٛشَن أٹھ ساس روپیہ دِنہٕ تہٕ۔

اَمہِ پتہٕ آوسہٕ شاہزادٕ بڑ ونٛہہ کُن تیمی دۄیم رأچھ پہرٕ اوس دِتمت تہٕ کوٚرُن

بادشاہَس بڑ وَنہہ کَنہِ دعوا۔ تِمَو وۄن بادشاہَس زِ تِمہِ کتھہِ پٲٹھی کھوژنو وۄن تہٕ سُہ مائٔز رۄدۄن ڈٔریاوُک روح محل خانہٕ کُنی پھرناوُن۔ اَتھ پتہٕ سپُد بادشاہ سیٹھا خوش تہٕ حُکم دِژن زِ شاہزادَس گژھِ اَکھ مُناسب انعامہٕ دِنہٕ یِن۔

اَمہِ پتہٕ موٚنگ تِمو شہزادَن کتھ کرنک اجازت تیٚمو تژیم رأچھ پہراوس دِتمت وۄنُن زِ کتھہٕ کنی کرِ تِمو دیوٚ وِنہٕ یِتی لڑٲے تہٕ ژٲٹِن تِمَس اکھ زنگ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرن دیوِنہِ ہُندسُہ کھور بانہٕ کھور بادشاہَس نِشہِ پیش۔ یٚیمہِ کنہِ بادشاہ تیوٚت خوش گوو زِ تِمو دیُت حُکم زِ اُمس شاہزادَس تہٕ گژھِ اَکھ بوٚڈ انعامہٕ دِنہٕ یِن۔

اٲخرس پتہٕ آو سُہ شاہزادِ بڑ وَنہہ کُن یُس رأژہِنڈ اٲخری رأچھ پہر لاشہِ نِشہِ اوس بیوٚٹھمُت تہٕ وۄنُن زِ تِمو کتھہِ پٲٹھی بچاو شہزأدی اُکس وۄکھہِ یِنہٕ ہِنڈ بو بنجومژ تہٕ مورُن سُہ جِن تِتھی تِلہِ کرِ ایہِ مژ۔ یَتھ مژ سُہ شاہزادِ تژاوُن اوس یژھان۔ ییلہِ بادشاہَن یہِ بوٗز سُہ گو وتیوٚت حأران یَتھ نہٕ کانہہ اندازے چھُ تہٕ سوٗزُن پننہِ کورِناد یہِ زاننہٕ خاطرٕ زِ آیا یہِ چھا پوٚز کنہٕ اَپُز۔ یہِ زأنتھ زِ شاہزادِ اوس پوٚز ونان سُہ وۄتھ فورن تھوٚد تہٕ کوٚرُن اُمس نالہِ موٚت تہٕ اَمہِ پتہٕ کرُنس یہِ ونان شاہزأدی حوالہِ "رُژُن، یہِ پچھے چأنی آشنہِ۔ وار یہو موٚنگ مے اُمی سُند رشتہٕ تہٕ مے کوٚر تِمن انکار مگر وۄنی چھےٚ یہِ چأنی" یقیناً میلہِ نہٕ مے اُمس لایق ژٔرے ہیوٗ بیٚیہِ کانہہ تیٚمو زن یہِ تتھہِ خوفناک موتہٕ نِشہِ بچاو۔" اَتھ پتہٕ دِتی سارِوے لۆکو نعرٕ "بادشاہ سلامت زندہ باد، شاہزادِ اُسن زندہ باد، اُمی ہِندِس خانہٕ دارِس زندہ باد، یِمن سارنے اُسن زِ تِتھ وأنس تہٕ بیٚیہٕ اُسن سیٹھا یار چاہ۔"

تمہِ دوہہٕ تہٕ اَمہِ پَتہٕ کینژَن دوہَن اُس شہرس منٛز زبردست دِوَے۔ ترٛوٗہ پژھ پَتھ کُن زانٛہہ اُسنہٕ تہٕ بڑ وٕنٛہہ کُن زانٛہہ بوٗدِنہٕ۔

ژوشوَے شاہزادِ روٗدکی کینژَن وٕریَن اُتھی مُلکس منٛز تہٕ سبھٕٹھا پایہ جاہ سپدی۔ تیمی شاہزادَن شاہزاُدی بچاُوٕمژ اُس سُہ آو ولی عہد بناونہٕ۔ییلہِ زَن تمی ہِنٛدی ترٛے باےٚ تَس ماتحت بڈٕبن عوٚہدَن پیٹھ تعینات آے کرنہ۔ وٕنٛ گوو تم اُسی نہ پوٗرٕ پاٹھی خوش۔ تم اُسی بیٚیہٕ پَنٕن مُلک وُچھن یژھان۔ بادشاہَن زانٛی تِہنٛز خاہِش مگر سُہ اوس اَمہِ کِنی یَمَن انکار کران زِ ہرگاہ یم بیٚیتہٕ دژاے خبر پَتہٕ ہِنا بیٚیہٕ واپس۔ چھیکرس آو تَس یہنٛدِس سخت زارٕ پارٕ کرنس پیٹھ عارتہٕ دِیُت نکھ فوج تہٕ رقم ہٮ۪تی دِتھ گرٕ ھنٛک اجازت۔

پنٕن وطن واپس واتِتھ کوٚر ریٚمو شاہزادو مالِکی ہِنٛدِس فوجس ہٮ۪تی جنگ تہٕ ہار ناوِکھ تم۔ییلہِ بادشاہَن یعنے تِہنٛدی مالی بوٗز زِ تِہنٛد بوٚنچو بولوٚ ڈتَس خلاف سُہ دژاو تمن بُتھہِ تہٕ تِمَن بڑ وٕنٛہہ کُنہِ پان پُتھرِس ترٛاوِتھ کوٚرُن تِمَن جنگ بَند کرنُک درخاست تمو وٕنٛ تِمس زِ تمی اُسی تم پَنہٕ نِس خاص وزیرٕ ہِنٛدس وَننس پیٹھ مُلکہِ نبر کَڈی ہٮ۪تی۔ پَتہٕ ہیُٚد بڈٕ بادشاہس نیچوبن ہٮ۪تی صلاح تہٕ شہرس منٛز سپدی شادِیانہٕ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ آو وزیر قتل کرنہٕ سائلم کینٛہہ روٗد رِتی پاٹھی گزارَن۔ زِ شاہزادِ گے دوٚیمس مُلکس کُن روانہٕ یِتھ تتہِ کاٗم کارچلاوٕہن۔ییلہِ زن بیٚیہٕ زِ مالی ہیٚے نِش تس مدد کران روٗدی۔

(راوی: قادِر۔ امراکدل سرینگرُک اکھ ناٗوِد)



# شرف ژوٗر

رنجیت سنگھنِس دورس (زاوٗ ری-۱۷۸۰ء) منز آسہٕ سَنہٕ تہٕ ژوٗرٕ عام تہٕ یتھ "خوشوٗنہِ وادیہ" منز آسہٕ یتھہِ شاطِر اندازٕ سپدان زِرٕ تی تہٕ دیانتدار لوٗکھ اُسی اُتھی نِکرِ آسان زِ تِم رِکتھٕ کنہٕ ہیکَن تہِ کینژھا بچاوِتھ یِہ تِموٗ محنت تہٕ کفایت شعاری کنہٕ یتھ پلہٕ گرِتھ سوٗ میرِ تھاوس تھوومُت آسان۔

تِمَن دوہَن اوس ژورَن تہٕ ڈاکوَن منز شرف ژوٗر مانہٕ یوان۔ سُہ اوس تیوٗت شاطر، نڈر تہٕ کامیاب زِ تُمی سُند ناو بوٗزِتھ اُس تھرٕ ووتھان تہٕ سُہ اوس یوٗہے وِہیا تھاہیوٗ زانہٕ یِوان۔ خبر لوٗکن کیاز اوس یِہ باسان زِ اُمِس چھُ تیُتھ کیاہتام جودانہٕ تہٕ شیطانی نظر زِ تِم اُسی نہٕ تُمی سِندِس کُنہِ منصوٗبس منز ٹھرٕ یتھ یا تِس رکاوٹ کَرنچ کوٗشِش کران۔ تَس متعلق اُسی اَکھ زِ یتھی واقعہ تہِ اکثر پھِرنہٕ یِوان زِ یِیلہِ سُہ ژوٗرِ ہنٛدِس الزامَس منز عدالتس منز پیش آو کرنہٕ مگر تَتہِ کھوٗتے نہٕ تَس کینٛہہ تہٕ لہٰذا ہیوٗ کنہٕ تَس کانٛہہ کینٛہہ گرِتھ تہٕ ووٗنی تِمَن تُمی ژوٗرٕ اُس گرٕ مُژ تِم اُسی پانس یہٕ وُنتھ تسلی دِوان زِ یِہ اوس تِمَن قسمت سِنے۔

شرف ژوٗر اوس کبرگانی یِین نیچو یُس اَکھ بارسہٕ تہٕ امیر شالہٕ باپاُرک اوس یُس زانہٕ کَدلس نکھے بسان اوس۔ یہٕ (کَدل) اوس سرینگر شہرٕ منزی پکَن وانٛس

جہلم دٔریاوس پیٹھ ستو منٛز ژۆرِم کٔدل تہٕ یُس شہر کَین دوٚن طرفَن منٛز بسن والین لۆکَن اَکھ اَکس نِشہِ یِنہٕ گڑھنُک خاص ذریعہ اوس۔ تَس اوس یہِ بہتھ زِ تَس تٔرماٗلی سٕنٛز دولت وراثژ منٛز اوسمٕژ۔ کَنٛہ کرنہٕ شرفَن ماٗلی سُنٛد کاربار ہیٚچھنٕچ کانٛہہ تہٕ کوٗشش تہٕ نہ کٔرِن پَنٕن روزگار کماونہٕ خاطرٕ دوٗیمہِ کُنہِ ذریعُک کُل۔ اَمہِ کَنٛہ بنیاوسہٕ آلژھ، بےغم تہٕ رلنٛڈ شخصا یُس نِش زندگیہِ ہُنٛد مقصد صرف کھیوٚن، چوٚن تہٕ روپیہِ خرچاونہِ اوس۔ اَمہِ کنٛہ اُس نہٕ بہِ حاراٗنی ہنٛز کتھا زِ ماٗلی سٕنٛدِ مَرنہٕ پَتہٕ وۄٹ تَم پَنٕن سورٕے کار، روپیہ تہٕ جاداد تہٕ کم ہے کالس منٛز کوٚ ڈُن ساٗرٕے سالَن، نژُن تہٕ گیوٚنس تہٕ بدکارَن ہٕنزٕ سنگتھ تھاٗوِتھ ٹاس۔ وۄنی کیاہ کرِ ہے سُہ؟ نہ تگہِ ہَس مزۆری تہٕ نہ ہیٚچھن تہٕ اَمہِ کنٛہ لاج تَمہ ژۆر ہیٚچھنی تہٕ کرٕنی۔

کینژ وُمُقاٗمی بسکینو وَنہِ مےٚ تَس متعلق یِمہٕ کینٛہہ دٔلیلہٕ یِمہٕ وُنہِ پھرنہٕ چھےٚ یِوان۔ یِمہٕ چھےٚ لُکہٕ ویو ہاٗرک تہٕ اَکھ اہم حِصہٕ تہٕ یِمہٕ چھےٚ باقیَن متعلق کتھ کرنہٕ وِزِ تہٕ دوہراونہٕ یِوان۔ توٚے کرِ مےٚ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز شاٗمل۔

I

اَکہِ دوہہٕ گوو شرف زبردست پکو پوشا کالاٗ گتھ حیہِ تہٕ زیہِ سان اَکس باغس منٛز اَتہِ اَسی کینژَن عزت دار گرَن ہنٛدی کینٛہہ شُری خوبصورت گلبن تل گنٛدان۔ شرفَن وُچھ زِیموٗ شُربو منٛزِ اَسی کینژَن سبٹھاہ ٹوی تہٕ اصل بوٗٹ لاٗ گتھ۔ سُہ گوو تَمن نِشہِ تہٕ دوٗ پنگھ دٔلو بہو پتھر رسمہٕ مطاٗبق کٔڈی یَموٗ امہِ بزۆہہ کھور بانہٕ مگر اَسی ژۆرَن وۄن یِمن زِوۆنی کبس مَہ کڈو کھور بانہٕ تکیاز ٹلی اگر شرف ژۆر اٗندی پکراوس

سُہ ہِیہِ تیلہِ یِمَن ۔ شُر بوتر ووس یہِ بوٗزِتھ اسنا۔ ''سُہ ہِیہِ یِمَن'' تِموٗ ووٗنُس ۔ ژٕ نے کیاہ
چھی اُسی باسان ۔ اُسی کیاہ بےوقوف چھا یِنہٕ اَسہِ چھُنہٕ گاش ۔ اَسہِ چھےٚ یِم بوٗٹ
پانس لَر ۔ سُہ کُس ہیکہِ یِمَن ہتھ زِ اَسہِ لگہِ نہٕ پتہٕ ۔'' حُلیہِ بدلاوِتھ ژوٗرن زون
پَتُن موقعہٕ تہٕ ووٗننگھ ''ٹھہرٕو ۔ بیٚہ ہاوَو یتھ کنِہ'' اَمہِ پتہٕ دژاو شرف رژھ کھنڈ دوٗر
پہَن یُتھ اُندی پکھی پوٗرٕ نظر گزر دِیہِ تہٕ یہِ زانتھ زِ اَتہِ گژھ ہِنہٕ کانٗسہِ تہٕ شک آوسُہ
واپس ۔ ساٗری بوٗٹ برِن اَکس کپر ژادرِ تہٕ دژاوبیٚیہٕ واپس ۔ مگر اَمہِ وِزِ آو نہٕ سُہ دُبارٕ
واپس ۔ یُدوَے زَن لَس یِموٗ لڑکو پژ ہتھ لنہٕ آلوآلوتہٕ کوٗرتہٕ بےصبری سان اُمِس
پژاران تہٕ روٗدی ۔ تِمَن گو وشک زِ یہوے اوس شرف ژوٗر اُمچ خبر لُج شہری شہرس مگر
حاصل آو نہٕ کینہہ ۔

II

بَتہٕ مالیُن چھُ اَکس بڈِس گامَس ناویُس شہرس نکھے چھُ ۔ بتہٕ گووکاشُر
پاٗٹھی روٗنمت تومل تہٕ مالیُن چھُ لند از کنی مأل منزٕ کڈنہٕ آمت یمیک مطلب کھینچ
خاہش چھُ ۔ اِوکنی گژھہِ بتہٕ مالیُن لفظُک مانہِ فقیر اَسُن یعنے یُس زورٕ زاٗرے زُوان
آسہِ تہٕ ہرہمیشہِ کم یا زیادٕ بتہٕ ژھانڈان آسہِ ۔ بہر حال اَتہِ چھےٚ اَکھ مشہوٗر مسجد، یہِ چھےٚ
اَکس تھدِ پایہِ فقیرس کُن منسوٗب تہٕ اَمی ہِندی کنی چھُ اَتھ مسجد تہٕ گامَس تہِ یہِ
ناو ۔ اُمِس خدا دوستہٕ سُند مقبرٕ چھُ مسجدِ نکھے ۔ شرف ژاو اور امام بنِتھ تہٕ لاجن بانگ
پرٕنی ۔ یہِ بوٗزِتھ آے کینہہ گرٕ ہسی تہٕ ژاے مسجد تہٕ اِشارٕ لبِتھ لاگِکھ صفہٕ گرٕنی ۔ نماز
شروٗع کرنہٕ برٕونہہ وٕوٗن تِمَن شرفن زِ ژادرٕ تھاوِوسو مبرٕ تھا اُکی ہے جایہِ ڈیرس تِکیاز

تِمَو وۄنُکھ "مےٚ ہۆ زشرف ژۄر چھُ یپأرِ پھیران تہٕ سہٕ ہیٚکہِ گنہِ تہٕ جایہِ ژۄر کٔرِتھ۔ سو مسجد آسہِ تن یا بازار یا بڈ سڑک" لہٰذا اکوٚ ریموٗلی تہٕ یُس شخصاہ مسلمانٔن ہٕنٛز وۄتھمت آسہِ تٔس چھُ یہِ پتاہ زِ تمہِ کتھہِ کٔنی چھِ امامس پتہٕ گنہِ نمازِ منٛز اکی وقتہٕ رکوٗعس تہٕ سجدس وسان۔ أتھی منٛز دِیُت شرفن یُس نقلی امام بٔنِتھ اوس سجدہٕ تہٕ أتھی زِ اتھس سجدس دوران وۄتھ سہٕ وُٹھہِ سان تھوٚد تہٕ وۄٹُن یہِ ژادر ڈیر تہٕ دژ اواکہِ لوکٹہٕ بَرکنی نبر۔ نماز پرن وألی آسی وۄنی پژاران تہٕ سوچان زِ امام کیا زِ چھُنہٕ سجدٕ پیٹھ ووتھان۔ تِمن گوو شک زِ شاید گو وأمس غش۔ خأرتہٕ أخرس تل أکی مُقتدی یَن کلہٕ تھوٚد تہٕ اَتہٕ نہٕ گنہٕ امام تہٕ نہٕ ژادر ڈیر وُچھتھ دِژن باقیَن گن کریکھ "افسوٗس! ہتھ افسوٗس، ہے بابو۔ اَسہِ پھوٚر شرف ژۄر۔ أسی چھِ أسی ہٕنٛتی تِمس ژۄرس پتہٕ گنہِ نماز پران یُسنٛدہٕ کانٛہہ شکھےٚ ہیٚکہِ ہے کٔرِتھ۔

**III**

بیاکھ واقعہٕ چھُ یتھہٕ پأٹھی زِ اَکھ ووُراوس کمہِ تأنی گامہٕ پیٹھہٕ کیٚنٛہہ گُرٕ ہٕنٛز ہیتھ یہِ سرینگر کِنہٕ خأطرٕ آمُت۔ شرف تہٕ چھُ لپأرِ پکان اوسمُت تہٕ أمس سلامأ کٔرِتھ پژٕژھنس زِ ژٕ کِتِس کِنٛگھ یہِ۔ ووٕرِ وۄنُس "ترٛ ے روپین" شرفن کٔرنس تھئیاؤ نیاتہٕ درکہِ درکھ کٔرِتھ وۄتھُس زِ مےٚ وَن گنے گتھِ مےٚ کیاہ چھُ دِیُن" ووٕرِ ہوٗدس خدا رسوٗلؐ تہٕ وۄننس مےٚ چھی اَتھ صرف أٹھ آنہٕ زٕیٖنی "امہِ کھوتہٕ کم کیاہ گرٛوھٕ ہٕ زیٖنن؟" شرفن دیُت یہِ باس زِ زنتہٕ تَس توتہٕ کھنی بیوٚٹھ نہٕ۔ تِمی سوٚمبر اوٕر یورلٕرٛھہِ موٗٹھا تہٕ اَتھن منٛز مُرن دِتھ بنوۄنُس ٹیوٚنگ تہٕ اَمہِ پتہٕ دۄ پنس مانتہٕ زنتہٕ یہِ چھےٚ نبیؐ صأبٕنٛز قبرٕ تہٕ

اَتھ پیٹھ اَتھہٕ تھاوِتھ وَن اپجی دڑٕ ے۔ أمِ ووٕرِ بچأرِ کوٚرپوٚر پڑھِ سان یی۔ مگر شرفن اُس اُڈلرٕ ھ اَتھہٕ ہیے منز تھاوٕمژ تہٕ ہُمی ییلہِ سبٹھہٕ احترامہٕ سان اَتھ گُن نمن ہیوٚت تہٕ تیمی لویُس یہِ لرٕ ھِ بوٚک سیوٚ دُ ے اُچھن تہٕ کپر تھانس تھِھ دِتھ ژوٚل اَتہِ۔
یہِ کیاہ چھُ وَننےٕ زِ غریب وووِرِس اوسہٕ کینٛہہ بوزنے یوان سُہ اوس حأران۔ سُہ ہیوٚک نہٕ کہنٛہ تہِ کرِتھ ماسوایہِ اوس دَگ للوان تہٕ پننہٕ نس قسمتس ودان۔

## IV

اکہِ دوہہ بیوٚٹھ شرف أکِس استانس نِشہِ تہٕ زنتہٕ سُہ فاتحہ اوس پران۔
أتھی منز دڑ اولپأرِ اَکھ نفراتہٕ شرفن کوٚرتَس آلو۔ سُہ آس نگھہٕ تہٕ وژنس کیاہ گوٚھی۔
شرفن وژنُس "خدا کری یأری۔ مےٚ اَنتہٕ ژوٚٹ۔ بُہ دِمَے ژٕ پٔنسہٕ۔ مےٚ چھےٚ یمہٕ ژوچہٕ پننہٕ نِس جنتی مأکی سِنٛدِ ناوٕ غریبَن بأگراونہِ" اُمس باسیاو یہِ چھےٚ ثوابکی کأم تہٕ اَمہِ کنہٕ موٗنس خوٚشی سان تہٕ دڑ او ژوٚٹ اَنہِ۔ مگر سُہ تہٕ تھےٚ کینٛہہ قدم پوٚک تہٕ شرفن کوٚرتس واپس آلو دژ پنس "ہے یپأرِ۔ وولہٕ گوڈٕ واپس۔ ئکی کینہٕ ژٕ اور واپس آکھ۔ لہٰذا تھاوٕپننی کپر ژادرٕ تانیٚ مےٚ نِش یوٚت تانیٚ ژٕ واپس ژوٚٹ ہیتھ یکھ" اَتھ منز کیاہ شکھےٚ ہیکہِ ہے گرٕ ھِتھ۔ أمی وأج پننی ژادر تہٕ تھاوٕن اُمس نقلی فاتحہ پرن وألس لَرِ۔ افسوٗس سُہ تیتھےٚ نظرو ڈوٚل شرفن تُجِ کپر ژادرِ ہن تہٕ دڑ او بیٚہ لٔدِ۔ یہِ اوس اَکھ جانہٕ سودا۔ گرٕ ژن تانیٚ پٔنسن ژرکپر زادَر۔

## V

اکہِ دوہہٕ سیو أکِس گلوانس شرف بُتھہِ۔ سُہ اوس أکِس صاف راہدار

گُرِس کھٔسِتھ۔ شرفس گووِلُس أمِس گُری سُنٛد وُزوُز۔ پرٛژھِنس "ہرگاہ ژےٚ یہِ گُر کِنٛہ ہن
ژےٚ کوتاہ گرٛژھی أمِس؟" اورٕ میوٗلُس جواب "ہتھ روپیہِ" شرفن وۄنُس "اچھاتہٕ گوٚو
جانٕہ۔ مگر بہٕ وُچھہٕ گوڑٕ زِ أمِس ماچھُ کانٛہہ عأب۔ بہٕ کھسہٕ گوڑٕ أمِس" شرف تۄٚتھے
گُرِس کھوٚت تہٕ گُرنس کھوٚر۔ سُہ آونٕہ پَتہٕ اَتھے۔ سُہ ووت خبر کوٚت تہٕ بچور گلوان رژٕ
صرف کرِتھٕ دِوان۔

## VI

بٹاا کھاوس ڈریاو بٹھی اکھ وزژادرٕ لتھ پکان۔ شرفس پییہِ أمِس پتھ نظر
تہٕ تمی ژھنٛڈ أکِس ناوِ منٛز ووٹھ یوسہٕ اکہِ رَزِ ستۭ بٹھس پیٹھ چلس أس گنٛڈتھ۔ تمۍ لوگ
ناوِ ہانٛزن مگرٕ یُس بیمار اوس۔ اَمہِ کنۍ وۄنُن بٹس وولہٕ مےٚ کرتہٕ مَدتھاتہٕ اتھ بدل دِےٚ
بہٕ ژےٚ اپور تارتہٕ وَتھہ تہٕ گرٛژھی ژھوٚٹ۔ بٹن موٗنس ڈلی ڈلی۔

تہٕندِس منٛزلس واتنہٕ برونٛہہ پہن اوسُن شام ہیوٚتمُت سپدن۔ لہذا اوۄنس
ناوِ ہانٛزن یوٚ ہے سبٹھےٚ احسان مندی سان زِ "ہے وۄنی چھی ژےٚ گوڈےٚ ژیر گومُت
تہٕ یہِ زَن ژےٚ وۄنتھ زِ ژےٚ چھی گرٕ وُنہٕ دوٗر۔ ژ کھیا وَتھ اَز بےٚ بتہٕ تہٕ پتہٕ کر کھراتس
ناوِ منٛزٕ آرام تہٕ صُبحس نیرٕ کھسلہِ سُلےٚ گرٕ کُن۔ یارا۔ رَٹھ یہِ روپےٚ۔ بہٕ چھسے ژےٚ یہِ
پننہِ دِلہِ دِوان۔ رَٹھ تہٕ اَن اَتھ پانس کینٛتھ کھنٛن" بٹن رٹ روپےٚ تہٕ ہیوٚتُن اَتھ
کھنہٕ خاطرٕ کینٛہہ اَننہِ نیرُن تام کوٚرنس شرفن آلو تہٕ وۄننس "ہے وولہٕ پھیر واپس۔ ژٕ
آسکھ تھوٚکمُت۔ بہٕ گوس وۄنی ٹھیک تہٕ بہٕ ہیکہٕ وۄنی چانہِ کھنٛک انتظام کرِتھ۔ ژٕ بیٖہٕ
بیٖتی ناوِ منٛز تہٕ بہٕ وُچھنےٚ کانٛہہ موہنیوٗیُس چانہِ خاطرٕ بتہٕ رَنہٕ۔ تہٕ ہرگاہ ژٕ مےٚ پنٕنی یہِ ژادر

دِکھ تیلہِ ہیکہِ سہٕ اَتھی منز چانہِ خاطرٕ کھمن اَنتھ۔ بٔتس کیاہ شک یا کھوٹھ کھٹاے باسہ
ہے اَتھ منز تہٕ لہٰذا دِژن پننہٕ ژادرِ تہٕ رٔ دصمٕ سان کینژوٚس کالس ناوِ منز پژاران۔ مگر
پتہٕ اُجِس ژادرِ وراٗے ٹر تہٕ بیٚیہٕ اُجس بوٚچھ تہٕ۔ اَخر تہٕ راٗوس توژھ تہٕ اَمہِ پتہٕ کیٚہ
کاٗل لوٗگن بڈِ بڈ وَدُن تہٕ وَنُن "ہَتا مےٚ ہا پھوٚر شرف ژوٗر"۔

## VII

بیا کھ دٔلیل تہٕ چھےٚ اَکِس وودِرس متعلق یُس ٹمُرِ ہے وودٕرکہ ہندی پاٗٹھی
یئسِنز گتھ گوٚڈٕ دٔژھ۔ سرینگرٕ اوس پٔنُن گُرُ کِنہٕ کہِ غرضہٕ آمُت۔ اَسہِ وُچھ زِ شرفس اوس
کپرس کُن زیادٕ ے پہن رغبت۔ اِکِٕ کنِ دژاو یہِ عیار برونہہ پہن تہٕ دِژن وَتہٕ منز دراز
تہٕ لاَجن سخت ٹِکرِ ہارے تہٕ آے واٗے گرُن زنتہٕ تمِس سخت دوداوس۔ لپاٗرکہ یم نفر
دراے تم گے اَمِس اَندی پکی جمع تہٕ باٗوہس پننہٕ ہمدردی۔ وودٕرتہِ وٗت تہٕ چھس
وُچھان۔

شرفن لوگ زنتہٕ وارِ وارِ بٔلُن۔ تمُ مُوراوِ اَچھ تہٕ تتھہٕ کنِ دِژن نظر زنتہٕ تمُ امی
دِزِ وودِرس یہِ گرُ وُچھ۔ اَمِس وۄنُن زِ ہے خدایہ ہنٛدِ خاطرٕ دِتہٕ یہِ تانی یوٗرکہ بہٕ گنٛڈٕ ہا
کمرس۔ وودِرس تہٕ آواٗز سُنٛد عارتہٕ دِیُتنس یہِ کرُ۔ اَمہِ ہلکہِ گنڈنک زنتہٕ سبٹھا رُت
نتیجہِ دراو۔ اَمِس یہِ گنڈنہٕ پتہٕ محض کینہہ ومنٹو پتے وۄن شرفن زِ بہٕ ہیوٚتنس وۄنی ٹھیک
گوٚژھُن۔ امہِ پتہٕ وۄنُن اَتہِ سمِتھ لۄکن زِ توٚہی نیر وۄنی یتھ بہٕ ہوا ہیوٚ چمہٕ ہا۔ وودِرس
وراٗے یم اَتہِ اَسی تم دراے ساری۔ وودِرس کُن وۄن شرفن سبٹھاہ حلیمی سان وۄن
"خداے دِی نے ژےٚ رُت جزا، ژےٚ کُرتھ مےٚ سخت مہربانی! وۄنی کرتہٕ میاٗنی اَکھ

کاٗم۔ ژٕ اَنتہٕ مےٚ خاطرٕ ہمہٕ مَسجدِ ہنٛدِ کرٕ مژٕ ترٕلیش تہٕ بہٕ چھُسہٕ ہاسوے۔ دگہٕ ستیٚ چھُ زَن مےٚ سورٕے زُودرٕ اُمت۔" سُہ گووترٕ لیش اَنہِ۔ تَس تہِ ما گووکاٗنہہ شکھ تہٕ اُتھ مژٕ درٕ اوشرف تہِ پانس تہٕ ییٚلہِ ووٗنی بچوروؤ رواپس ووت سُہ گتہِ وُچھِ ہے اُمس۔

# VIII

پیٚتکی بسکین چھِ روپیہِ یالوٕکٕژ موٕکٕٹ قیمتی چیز یاتہٕ پَنہٕ نَس ہلہِ گنڈ نَس مژٕ نتہٕ ژادرِ لونچہ مژٕ گنڈِتھ تھاوان۔ نتہٕ چھِ دستارَس مژٕ تہِ ژورِ تھاوان۔ تیمس پیٚرس متعلق اَسہِ ووٗنی لکھٕمن چھُ سُہ اوس دستارسے مژٕ تھاوان تٕمی اوس اَکس سونرس نشہِ اَکھ سونہ وَسائلی اوٗ نمُت تہٕ اوس ووٗنی گرمہٕ تہٕ زیٹھہِ سفرٕ کٕنی سخت تھٕکتھ لوٕستھ گرُن پکان۔

شرفس لوٚگ پتاہ زِ پیٚرس چھُ دستارَس مژٕ سونہٕ وَس تہٕ لوگُن دمباغس ژلل دِیُن زِ بہٕ کتھہٕ کٕنی نَمہٕ یہٕ اُمس۔ تٕمی تُج دَو تہٕ ییٚلہِ بڑٕ وٗنہہ پھٕن گووتہٕ بیٚوٹھ دَتہٕ ماوِلس کُن تہٕ لوگُن وَدُن۔ پیٚر ییٚلہِ اوٗ ننتھ ووت تہٕ کوٗرنَس پتھر بیہنہٕ خاطرٕ زارٕ پارٕ تہٕ ہنادَم دِنہٕ تہٕ کینژھا کھینہٕ خاطرٕ ووٗننس یہِ زَن اُمی مالی ہنٛدی ناوی پیش کوٗرُس۔ پیٚر گو یہِ کرنَس سبٕتھے خوش تہٕ لوگُن مژٕ سان کھنا کھیوٗن تہٕ پَنہٕ نَس اُمس اتفاقن سمکھیمتِس میز بانس ستیٚ خوش گفتاٗری سان کلامہٕ کرُن۔

خبر یہِ سِپدا اژوچہِ کینٛہہ دوا مُتھتھ آسنہٕ کٕنی کِنہٕ تھکاوٹ والہِ زیٹھہِ سفرٕ کٕنی زِ پیٚتھہٕ تتھہٕ کھٕرٕ تَس سخت نِنٛدرِ ہنٛز کاٗف تہٕ شرفنی کتھ مانٛنتھ ترٕ اُونٕ لرٕ تہٕ اُتھی ستیٚ پیٚیس نِنٛدرٕ۔ شرفن تٕلس دستارٕ تہٕ مختلف طرٕ یقو اُمس پھٕش تہٕ گٕش کٕرتھ پاٗونس گوٚب نِنٛدرٕ۔ یہوے اوس شرفس موقعہٕ۔ تٕمی تُل دستارٕ تہٕ پَنہٕ نَس اُمس نِنٛدرِ مژٕ مَس پٕھس

کُن ہتھ ژٕ کرأ وِتھ ہش نظرا کرِتھ دژاو لوٗت پأٹھی گژھ تانی ماٹھس کُن تہٕ اٴتی ژٕ اوٗن دٔچھہ امہ کامہٕ ستی خوش سپدِتھ زنگہٕ ڈٔہرتھ ننَدرا۔ یہ سونہٕ وَس لوِ ہے، کٔہنی نے تہٕ ہتھ روپیہ۔

# IX

تیٚمس بیٚیس غریبَس شرفن تأرُس اوس بہاوٗالدین صأبن دوہے گوھان تہٕ تتہِ خزلنہٕ منگان۔ تس اوس باقیٚن کیٚنژن ہندی پأٹھی بہتھ زِ بہاوٗالدین صأبنہٕ وساطت کٔنی کرِ بوٚڈ خداے تٔمی ہنٛدِ دِلک مُراد پوٗرٕ لہذا اوس سُہ پھِری پھِری اور گوھتھ سودلہٕ عبادت کُران ''میانہِ بہاوٗالدین صأبہ۔ دِتہٕ مے خزلنہٕ'' اکہِ دوہہٕ اوس شرف لیٲری کٔنی پکان تہٕ گوس اٴمس نفرٕ سُند منگُن کنن۔ تٔمی سوچ زِ نہ صرف تارٕ بہ اٴمس بٔلکہِ کڈٕ اٴمس نشہِ کینٛہہ فأیدٕ تہٕ۔

اِمؤ جب دژ اوسُہ بیٚیہ دوہہٕ صُبحأے تہٕ وۄت مسجد منز تہٕ اتہٕ بیوٚٹھ اکس لنہِ گٹس کوٗنس کُن ژھیپتھ۔ سُہ روٗد پژاران یوٚت تانی یہٕ شخص دوہِ دشکی پأٹھی اور ووت تہٕ تٔمی کرِ بیٚلہِ خزانہٕ خأطرٕ دُعا لوگ کرُن شرفن دِتس اتہٕ گٹہِ منز جواب ''اے پاکبازٕ۔ ژٕ چھکھ پژی کٔنی عبادت کرنس منز ثأبت قدم لنٛدٕ وندٕ روٗد کھ ژٕ یہ دُعا کران۔ نیر گرٕھتہٕ زان بہ چھسے ژےٚ خوش تہٕ چأنی یہ خأہش پوٗرٕ کرنہ خأطرٕ پوٗرٕ پأٹھی تیار۔'' اٴمی نفرَن سوٚنچ زِ یہ ہیکہ نہ پانہٕ بہاوٗالدین صأبنہٕ ورأے بدل کانٛہہ اٴستھ تہٕ امہ کٔنی موٗنکن زیادَ ے بڈٕ۔ شرفن ووٗنس زِ ژٕ لی زِ فلأنی وقتہٕ تہٕ بیٚیہ اٴنی زِ پانس ستی تمہ ہتھیار تہٕ سامانہٕ یموٚ ستی خزانہٕ زمینہٕ تل کڈنہٕ ہیکہ یتھ۔ دوٗپنس بیٚیہ اٴنی زِ ہتھ روپیہ تہٕ ژٕ ژادرٕ

یَمن منز ژ خزانہٕ گرٕ نِکھ۔ بیِٛیہ گرِ زِجبس تہٕ جبس پنہٕ اَتھ متعلق کأنسہٕ کیٛنہہ وَنِکھ۔ یہِ نفرآ و خوٚشی سان گرٕ واپس تہٕ تَس پیِٛیہ نہٕ تمہٕ بَڈٕ خزانہٕ کہٕ خیالہٕ راتس نِندرِ زِ ولہٕ تہٕ یُس تَس پگہہ میلن وول اوس۔ سُہ اوس سبٹھا غریب تہٕ ہَتھ روپیہ گتہٕ اوسُس اُتھس کیٛتھ تمہٕ کنٛز ژھُن تمہِ پٔتِن جاداد کیٛنتھ تہٕ کوٚرُن یہِ رقم حاصل۔

بیِٛیہ دوہہٕ وۄتُ سُلے گاش پھوٚلنےٚ مقرر کرنہٕ آمژِ جایہِ پھیٖکس پٹھ سامانہٕ تہٕ روپیہ ژادِر لونچہِ منز ہیتھ۔ بیِٛلہٕ زَن دۄیم ژادر بیِٛیس پھیٖکس پٹھ الأنزأ ۓسس۔ شرف آو تہٕ گرٕنس سلام۔ خأرِ پاٹھا گرِتھ دژ اوسہٕ تَس بڑ وٕنہہ بڑ وٕنہہ لوکٹس کلی گنزٕرس کُن بیٖأرِ خالے کانٛہہ انسان گژھان اوس تہٕ ہأون خزانہٕ ژھانڈُن وأریس نو جاے یِنہٕ تِسندِس منگنس ترنیر ہے۔ دۄ پٔنس کھَن یَتھ جایہِ زِ گز تانی سوٚن۔ اُمی نفرن گرٕ ڈلی نصف کأم ختم مگر ڈبکس اوسُس عأرق پھوٚ ٹمُت۔ شرفن وُچھ یہِ تہٕ وۄنُن اُمس نفرس زِ ژٕ ژھن پلو کیٛڈِتھ تہٕ تھاؤ۔ کتھ کُن پَتہٕ ہیکِکھ سہل پأٹھی کأم گرِتھ۔ اُمی کوٚرِ لی تہٕ کے کأنٛی کھوٚن تمہِ تیِٛوت سِزٕرس تانی زِ سُہ اوسنہٕ وۄنی اَمہِ دوبہٕ منز نوٚنے باسان تہٕ نہ اوس یانہٕ اَمہِ نبرٕ کیٛنہہ وُچھتھ ہیکان۔

تمہِ اسی پلو اُ کتھ کُن تھأوی متی۔ شرفن اوس یہِ سأرِی کیٛنہہ وُچھمُت تہٕ بیِٛلہٕ اُمی شخصن زِ گز ہوی کھٔنٛز تہٕ اوس نہٕ وۄنی وہٕژان تہٕ کُنہہ تہٕ باسان اوسُس وۄنی نتہٕ ژٕلی یہِ میانہٕ کھانہٕ تِل کانٛہہ دۄرِ چیز سُہ یا تہٕ سون آسہِ یا روپھ نتہٕ کانٛہہ بدل مولُل چیز۔ شرفن تُلی لوٚت پأٹھی تِسندی پلو، ژادر تہٕ ہَتھ روپیہِ تہٕ کیٛہ کأنٛی گووانہِ گٔژِس منز تہٕ جنگلٕ کس پیچیدٕ گنزٕرس منز غأب۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ سہٕ بچور خزانہٕ ژھانڈن وول رٕو دتوٗت تانیٚ کھنان زِ پَتہٕ ہیوٗک زورزارے اَمہِ دوبہٕ منز پٔنُن پان ہیوٚر کھاٚلتھ تہٕ یِیلہٕ نہٕ اَتہٕ پٔنِنۍ پِنسہٕ۔ ژادر، پَلوٕ تہٕ ؤلی وُچھنُے سہٕ ہیوٚک نہٕ ووٚدنی ؤرِتھے تہٕ آو بے ہوش سپدِتھ اَتھی دوبس منز ؤرکاونہٕ۔

X

اَکہِ دوہہٕ سمکھیاو شَرفس اَکھ غریب گرٛیوٚس یُس اَکھ کٹھ ہتھ بازرس کُن گرٛھان اوس۔ شرفن پرٛژھس کٹس قیمت۔ گرٛیسی ووٚنُس "ژور روپیہٕ" اور یور دٔرِ دٔرِ گرِتھ گووٚ آخرس ترٛے روپیہٕ طے تہٕ شرفن ووٚن اَمس زِ کٹھ پکناوُن میوٚن گرِ یتہٕ بہٕ ژٕے پِنسہٕ دِمے۔ اَمی نفرَن موٚنُس تہٕ سہٕ اوس خوش زِ ؤلی ؤلی ووٚتھ مے یِہ بور نکھہٕ۔ تِم اَسی نہٕ وُنہٕ زیادٕ دوٚر رواٚتی ہتی زِ شرفن وُچھ اَکھ خاٚلی مکانہٕ یتھ بتھہٕ اَکھ تہٕ پتہٕ اَکھ درواز اوس۔ تِمی ووٚنُس زِ یوٚہے چھُ میوٚن غریب خانہٕ تہٕ کٹھ ژٕنتھ یوٚ رُن یِہ نکھس تہٕ ژاو اندر۔ پتہٕ کوٚ رُن برٛ وٚتھم درواز بند تہٕ اَمس نفرس ووٚنُن پرٛارنہٕ خاطرٕ یوٚت تانیٚ سہٕ تمس پِنسہٕ اَنہِ۔ یہِ زَن اندازے چھُ زِ گرٛیوٚس اوس درواز س نیبرٕ کنہٕ صبر تہٕ خوٚشی سان اڈوانہٕ ہتھ پرٛاران تہٕ شرف اوس پتِمہِ درواز کنۍ نیرِتھ گوٚمُت تہٕ اَمس اوس اَتیک سوٗرے اوٚنڈ پوٚک پوٚرٕ پوٚرٕ وِیوٚ دِتہٕ بیٚیہٕ اوس قدمو کنۍ تہٕ وُژھے تہٕ یتھہٕ کنۍ بچوُن رٹنہٕ یِنہٕ کہِ پرٛ بتھ امکانہٕ نِشہٕ جلدٕ ے پان۔ یتھوے اَکھ گاٚنٹا گرٛھتھ آو یِیا کھ نفرلیاٚ رکی تہٕ وَتھ ژھوٚ ترٛاٚ وِتھ ژاو پتِمہٕ درواز کنۍ اَتھ مکانس اندر تہٕ اوس ووٚنی برٛ وٚتھی مہٕ درواز نیران۔ گرٛیسی دِژِس تھپھ تہٕ موٚنگنس کٹھ۔ اَمس نفرس کھوٚت اَمی یتھِس

اچانک تہٕ بے طورپأٹھی ٹھرِ ینٚس پٔٹھ شرارتھ تہٕ ہٲونس عملن پٔنٕنی ناراضگی۔

ییٚلہِ گرٕ یسی أمی ہٕنٛد بوچھ بوپتہٕ سندورہیو تہٕ پتہٕ لوگن ہمسایہ گرن ہُنٛد اُژن مگر افسوٗس! نہ میوٗلس کُنٛھے تہٕ نہ کُنھ ہینہٕ ووٚلے صرف وٕژھس مُکھالہِ تہٕ ہوا ریہ یوٗت تانی سُہ پتہٕ اَتہِ پانے دژاو تہٕ ووت پنٕنٕ گام کینژہ ھا مغموٗم تہٕ کینژہ ھادانا بنتھ۔

XI

یَتھ ڈٔلیلہِ منٛز چھُ یہِ نَنان زِ شرف اوس سو دِلہٕ پنٕنی کأم کران۔ ژکہِ اوسنہٕ سُہ یہِ کأم صرف کانٛہہ فأیدٕ پژاونہٕ خأطرٕ بلکہِ اوس سُہ زیادٕ پہٕنٛن اَتھ منٛز منٛز پژاوان۔

اَکہِ دوہہٕ وُچھ تمی اَکھ سبٕٹھے پژأنی زچہٕ پلوٚلا۔ کٔتھ نفر اوس تہٕ پٔتھہ اَکھ موٚہرٕ ہار ٹُلان۔ أمس نفرٕ ہنٛز یہِ خستہٕ حالت وُچھتھ آس أمی سُنٛد سخت عار۔ سُہ دژاو أمس پتے یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ یہِ کیاہ کرِ أمس موٚہرٕ ہارِ۔ تتھے یہِ نفر گرٕ ژاو تہٕ کوٚرن درواز بنٛد شرف گووٕ لی ڈٔلی تہٕ روٗد نٔمتھ اندٕ رِم حال وُچھان تہٕ بوزان۔ أمی وُچھ زِکی یوچھ ہتہِ شُری دوڈٕنی بلکہِ وَنوماٚلس أنٛدی أنٛدی نژان، تمی ہنٛزٕ ن زٕچن لمان تہٕ تس پژژھان زِ تمی اوٗ نا کینٛہہ کھینہٕ خأطرٕ۔ اَمہِ گرِچ کہٲنی أس سبٕٹھے دوکھہٕ برٕژ۔ اَکہِ وقتہٕ أسی یِم اَسَن بَسن وألی مگر حکوٗمت بدلٕنی اوس نہٕ تہنٛدِس حقس منٛز تہٕ قسمتس بٕژ وٕنٛہہ گنہٕ تہٕ تمن نمن۔

أمی نفرن وٕوٚن شُربن ”آ۔ مے چھےٚ اَکھ موٚہرٕ ہار أنی ہرٕ۔ رٔٹو تہٕ تلیوٚن تہٕ شامَس کھینہٕ خأطرٕ۔“

شرف ژوٚرن وُچھ تہٕ بوٗزیہِ سورُے تہٕ تمس گووٕ یمن غریبن ہنٛدِ کنی دِلس

زٕر زٕر۔ تٔمی دِژ کربکھ زِ ے تھأوِ و دروازٕ تہٕ اورأ ژِ تھ دِژ اُمی اُمس نفرس یہ ونان پانژھ روپیہِ۔ ’’ رٔٹھ اَن یمَن پِنشَن کینٛہہ کھنہٕ خأطرٕ تہٕ ژھعٔن یہِ موٗ ہو بأردأرِ تھ۔ بہٕ چھس شرف ژؤر۔ وُنیس تانی رؤدس بہٕ صرف پَننہٕ ترقیہِ خأطرٕ ژؤر کران تہٕ ڈاکہٕ تراوان مگر أزی کہٕ پیٹھہٕ کرٕ بہٕ صرف خدلیہٕ ہندِ خأطرٕ ژؤر تہٕ ڈاکہٕ۔ بہٕ چھسے ژ ے وعدٕ کران زِ بہٕ یمہٕ کالی کیتھ ییہٕ توہہٕ نِش تہٕ دِمَو توہہٕ خرچہِ خأطرٕ تہٕ سأتلم یہِ توٗت تانی ےٚ حاصل سپدِ۔ کھوژمہٕ بلکہ خوش پأٹھی تھاوو ومید۔ تُہٕنز یہِ خستہٕ حألی بدلہِ پانٛژ جأیی منٛز۔ ‘‘

اُمی غریب شخصن کوٚر اُمس شکریہ تہٕ اُمس بڑ دٔپہ گنہٕ کوٚٹھین پیٹھ وٕتھ وٕننس ’’ یہِ تُہٕنز مرضی آسہِ۔ خداصأب تھأوی نووارٕ کارٕ۔ ‘‘

’’ پگہہ کیٔتھ گوو شرف اُمی ہندِس گرٕس نکھہٕ مسجدِ منٛز تہٕ رؤ دوارٕ یہس کالس عبادتس ستِ آوٕر۔ نماز موکلاوِ ن تہٕ دِتُن دما۔ اُتھی منٛز آو امام۔ شرفن لاج وٕلی وٕلی اُمس ستِ گتھ تہٕ باقے سورٕ ے دوہ تہٕ رأ ژ ہُندأ کھِ حا گذورُن مسجدِ منٛزٕ ے تٔمی ہے ستِ۔ شرفس باسیا وزِ خبر یہ نیر یاتہٕ مسجدِ منٛز۔ اُخرس ییلہِ رأ ژہنٛز اُکھ ہش بجیہٕ تہٕ امام گووپٔتُن گرٕ۔ تہٕ تھے سہٕ دژ او شرف سپُد فوراً تٔمس وٕسوار تہٕ تیز رفتار گرٕس سواریس کٔ کرایہ پیٹھ اوس اؤنمت تہٕ سپُد سوپرٕ کُن روانہٕ۔

سوپرٕ وأتِتھ گوو شرف سیوٚ دُے خزانس پیٹھ تہٕ تتہٕ انِن کینٛہہ روپیہ ٹھیلہِ ژؤرِ کڈِتھ۔ یمہٕ ٹھیلہِ گنٛجن پَنہٕ نس کمرس تہٕ واپس گرٕس سوار سپد تھ آو تمے تیز رفتأری سان تَتھ جایہِ واپس ییتہٕ پیٹھہٕ سہٕ دژ اُمت اوس۔ یمہٕ روپیہ ٹھیلہِ نیہِ تٔمی تمی ساعتہٕ تٔمس غریبَس یَس تٔمی اتھہٕ روٗٹ کرنُک وعدٕ اوس کوٚرمُت۔ اَتہِ دژ او تہٕ گوو ییٚہٕ سیوٚ دُے

مسجدِ منز تہٕ ترٛ اُون اُئی لَر۔ راتھ ژھنڈِس باقےٕ اُڈِس گاٹنٕس کَرتھ اصل پاٹھی رٕنڈر۔

دۄیمہِ دۄہہٕ صُبحاے وُچھ خزانہٕ دارَن زِ اَتہِ اُس سَن گومُت۔ تمی وۄن "کینٛہہ ژھیلہِ چھےٚ نِنہٕ آمژٕ۔" فوراً آو گورنرَس سرینگر اَتھ متعلق رپورٹ سوزنہٕ یتھ منز یہ اِشارٕ پاٹھی وَننہٕ اوس آمُت زِ یہ گژھہِ شرف ژۄرُن کار آسُن۔ گورنرن بلاونو وای وِزِ شرف پانس برٛ وٕنہہ کُن۔ ییٚلہِ سُہ اَننہٕ آو تہٕ تمِس آو فوراً حُکم دِنہٕ زِ سُہ وَنہِ پۄز پۄز زِ تہٕ بیٚیہ کَرِ پیٚنسہٕ واپس۔

شرفن کَر حیرانگیہِ سان نظراتہٕ بلکُل تہِ کھوژنہٕ۔ "روپیہ کَر آیہ ژۄرِنہٕ؟" تمی پرٛژھ۔ "راتھ راتھ منز" جواب میولُس۔ شرفن وۄن تمَن لوٚت پاٹھی زِ سُہ امام اور بلاونہٕ خاطرٕ گوٚژھ اجازت دِنہٕ یُن تیمِس ستی اُمی راتھ دُہک تہٕ راتھ ژھُنڈ زیادٕ تر وقت گزور۔ "مہربانی کَرِتھ سۄزی تو امامَس نادتہٕ تمی کر ہیے پرٛژھو زِ یہ اوسُس ناتمہِ وِزِ تسی نشہِ ییٚمہِ وِزِ سَن چھےٚ گومُت۔ یہ کتھہٕ پاٹھی چھُ ممکن زِ یہ آسہٕ اکی ساعتہٕ ییٚتہٕ تہٕ سوپرٕ تہِ؟"

امام آو اَننہٕ تہٕ شرفن یہ کینٛژھا وۄن تمی دِژ تمہِ کہِ پۄز آسنٕچ سَند۔ تتھہٕ کٕنہٕ آو یہ ژۄرتہٕ ڈاکویلہٕ ترٛاونہٕ۔

## XII

بیٚیہ اکہِ ساعتہٕ گوو شرف اَکِس بُڈِس موٚہنِوِی ہٕنٛدِس رختس منز اَکِ سبٹھا ناماوار پیٖرَس سلامہِ تہٕ بیوٚٹھ پیٖرَس نِش معزز آیہِ۔ پیٖرن پرٛژھُس زِ ژٕ کتہٕ پیٹھہٕ تہٕ کیاز آکھ۔ شرفن وۄنُس گوڈٕ پیٚس وپیٚش ہیوٚ ہاوان زِ یہ چھُس اَکِس معزز شخصہٕ سُنٛد

نچُوتہٕ یہِ بوٗزِتھ زِ پیر صاأب چھُ اَکھ پاکباز شخص تہٕ عقیدٕ کِنۍ راسخ توے آس توہہِ نشہٕ
ہدایت پرٛاونہٕ خاطرٕ ۔ پیر گوو سیٹھاہ خوش تہٕ امی ساعتہٕ پیٹھہٕ لٲ جنس تربیت کرٛنۍ۔
تربن دوہن رۄدشرف پیرٕ سِندِس ہے گرِس منٛز تہٕ یہِ باس دِتھ زِمے رکٕھ اثر تربیت
سپز ہوٗن ظاہر پاٹھۍ زِ یہ کۄتاہ شُکر گزار چھس أمۍ سُند۔ تمو وۄن پیرس زِ یہ چھس
سیٹھاہ خوش تہٕ خاہش چھم زِ ژےٚ کرہے سال۔ بیٚیہ وۄنس "کانسہِ کاٚرِ گرِ وازس
سۄزی تونادتہٕ تمِس وۄنۍ توسہ کرِ مختلف سنٛز تیار ۔ یہ خرچاو اَتھ سالس پیٹھ ترٛہ روپیہ تہٕ
وازس تہٕ دِمہٕ انعامہٕ۔"
وازن کور وعدٕ زِ سہ تھاوِنہٕ پننۍ کنۍ کانہہ پرٛگیا تہٕ صرف منجن پیرس بتہٕ رننہٕ
خاطرٕ دیگہٕ تہٕ بیٚیہ کینٛہہ سنٛز دیگچہٕ ییم امِس فورَن دِنہٕ آے۔
کینٛہہ وقت گُزرِتھ ییلہِ شرفس باسیاو زِ وازٕ وان آسہِ تیار سپدِمُت تہٕ ہیوٚتُن
پیرس اجازت زِیہ گرٛشہٕ تہٕ انتظامن دِمہٕ نظر۔ وازٕ سُند گراوس کھے دوٗر۔ اورو أتھ گر
تمی وازس بوٚ أری زِ ژےٚ کیا زِ لوگتھ ژیر تہٕ اوٚ موجوب پنٛنۍ ژےٚ وۄنۍ وازوان مے
سۍ زأنہٕ کدل واتناوُن ۔ أمۍ بُلوو اَکھ ہانٛز تہٕ تھاوناوِن ساری چیز ناوِ منٛز ۔ امہٕ پتہٕ
کھوٗت پانہٕ ناوِ تہٕ تمن موٚہنوِ بن کوٚرُن رخصت یموہِ وازوان اوٗت واتنوو۔
سالہٕ کہِ مارٕ متہٕ رۄدہانٛز گشہ کھوٗ روایان تہٕ کم ہے کالس منٛز واتۍ تم تیوٚت
دوٗر ییُتھ نہٕ لبنہٕ ہیکہٕ ہن ییتھ ۔ کھے کالۍ اُس ہاپأرِ پیرس توقع موٗجب تہٕ ژیر گرٛشنہٕ
کِنۍ بوچھہِ ہُرِیمرٕ ہش تہٕ سہ گووو وازٕ سِندِس دانس پیٹھ تہٕ اَتہِ گووو یہِ بوٗزِتھ بلکُل ہے
بنگہٕ زِ أمۍ سِندی ووستہٕ طٲلِبن اوس پانہ ہتھ سوٗرے کھٔبن چن پکنو وُمت تہٕ سہ

اوسُن صرف خرچہٕ ادا کرنہٕ خاطرٕ تھووُمت۔

یہِ چھُ پرتہٕ اوس پننہٕ حسابہٕ بڑٕ ضِدی۔ اُمی کوٚر یہِ پننہٕ حِسابہٕ پۆرٕ تصدیق زِ یہِ دھوکہٕ باز اوس شرف ژھۆرتہٕ اُمِس انتقام ہینہٕ کہِ غرضہٕ کوٚرُن شبقہٕ ارادٕ زِ یہٕ واتناوٕ شکایت ناظم اعلاہَس نِش یُس اَمہِ وِزِ عطا محمد خان[1] اوس تہٕ دِیا وناوٕ ژۆرِس سزا۔ ناظمن ہۆ زبڑٕ دِل دِتھ پرِ سِنز دٔلیل تہٕ امی وِزِ دِتُن شرف گرفتار کرنہٕ پنٕنگ حکم۔ اَمہِ پَتہٕ اکہِ دوہہِ دوٚہی آو شرف ناظمس برٚ ونہہ کُن اَنہٕ تہٕ تَس اوس یہِ الزام زِ تٔمی اُس پرِ سِنٛدی دیگچہ، دیگہٕ، چمچہِ وغاٖرٕ بانہٕ ژۆرِ ٲمتی تہٕ ییٚہِ طریقو تہٕ اوسُن تَس دھوکہٕ دِتمت۔ پیرن گرِ شرفس رِتٕھ نظر زِ اُخرس مانٛز تٔمی پٔنٕنِز غلطی تہٕ معافی خاطرٕ لوگُن زارٕ پارٕ کرُن۔ ناظمس کوٚرُن یہِ وعدٕ زِ ہرگاہ اُمِس ییٚلہِ ترٛاوِتہٕ واتناوَس سبٹھا دولت۔ عطا محمد خانس گووُنہٕ توتہِ الگذارتہِ۔ تٔمی مون نہٕ تَسنٛد بلکل تہِ کینٛہہ بلکہ دِتُن یہِ ناطق حکم زِ اُمی سُنٛد دۆچھُن اتھہٕ گرشہِ ژٹنہٕ یُن یُتھ سُہ برٚونہہ کُن یِتھ کمینہٕ حرکت کرنہٕ نِشہٕ باز روزِ۔

لی آو کرنہٕ تہِ مگر ونہٕ چھُ یِوان زِ شرفن بناوِنو وشسترٕ واتھہِ یتھ تیزٕ پیٚتی دار اونٛگجہٕ آسہٕ تہٕ سُہ اوس کانٛسہِ تہِ یہِ پنجہٕ ہٹِس دِوان دأرِتھ ہرگاہ تَس روپیہِ یا کانٛہہ مولُل چیز دِنٛس اقرار کرِ ہے نہٕ۔ رٕتھہٕ کنِ مأرِ تٔمی ترٛٲے ژورٕ نفر۔

سرینگر تہٕ گامَن منٛز چھے اُمِس شخصہٕ سِنٛدِس ظلم تہٕ عیأری مُتعلق بیٚیہ تہٕ

---

[1] عطا محمد خان اوس تٔمی ژودھوصوٚبہٕ دارو منٛز اَکھ یُس شُہاٹھن وُری ین (۱۷۵۳-۱۸۱۹) ہِنٛدِس تتھ دَقعس یوٚت آے ییٚلہِ کشیر دُرانی (افغان) سلطنتہٕ ہِنٛدٕ اَکھ حِصہ اوس۔

وارِیہٕ دٕلیلہ موٗجوٗد۔ تیٚژٕ زیادٕ زِ یِمٕتھ ہیکو کھنہٕ درج کٔرِتھ۔

کینٛہہ پرن وألی یژھن شرف نبن أخری ایامَن متعلق تہٕ کینٛہہ زانُن۔

دیان اکہِ دوہہٕ سوٗ زنس بزرگ شاہ ناٗوی أکِ بڈی پیرن نادتہٕ گٔرنس یمٕو کاموٕ نشہٕ باز ینِچ تہٕ خدأیی کامبن کُن ہَناظون دِیِچ نصیحت تٔمی کوٗر أمس وعدٕ زِ ہرگاہ سُہ یہ کٔرِتیلہِ دِیہ سُہ أمس پنٕہٕ نِس گرس منز أکس ساتھی تہٕ مددگار ہٕندِ حیثیتہٕ روزنہٕ۔

شرفس گییہِ پیر سنزٕ امہٕ طریقہٕ کتھ تہٕ مہربان پیشکش دِلس سٔنتھ تہٕ پژ بتھ ناکارٕ کامہِ نسبت نادم سپدِتھ مأنن أمی سنزٕ کتھ۔

مَرن گرِتانی رؤ دسہ بزرگ شاہ نِس گرس منزتہٕ پٔنن پان کوٗرن پژ بتھ رنگہٕ پنٕہٕ نِس أمس احسان کرن وألی سنزٕ مہربأنی تہٕ پژھِ لایق ثابت۔

یہِ چھُنہٕ پتاہ شرف ژؤرگرگوٗریا وتہٕ سُہ کتہِ آو دفن کرنہٕ۔

(راوی: لال چند۔ رِنی وور سرینگر تہٕ بیٚنہٕ باقی)



# بادشاہ تہٕ تٔمۍ سُنٛد غدار وزیر

دپان یہِ اوس اکھ بادشاہ تیٚمِس اکھ بدخواہ وزیر اوس۔ أمِس وزیرس اوس سخت پأٹھۍ یہِ کوڈُروۄ تھمُت زِ بہٕ مارہن یہِ بادشاہ تہٕ کھمہٕ ہَس سلطنت۔ بادشاہس اوس قسمت زِتَس لٔج امہِ خطرٕچ خبر۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ سہٕ گُری طبیلس منٛز پنٕنین گُرین نظر دِنہٕ گوو تتہِ ہیوٚت زلہِ گُری یُس تَس سبٹھاہ ٹوٹھ اوس کأنی وَدُن۔ أمِس گُرِس نگھہٕ گُرِھتھ پرٛژھ بادشاہن أمِس زِ ژٕ کیازِ چھکھ یوٗت ودان۔ یتھ پیٹھ أمۍ بادشاہس وزیرٕ سنٛزِ دغابأزی ہُنٛد وۄن تہٕ وۄننس زِ ژٕ یوٗت مُمکن سپدی تیوٗت جلد گژھ مےٚ سوارتہٕ نیرِ تیٚمہِ مُلکہٕ منٛزٕ۔ بادشاہن کوٚر یِی تہٕ جلدٕ ے ووت تیوٗت دوٗر زِ تَس روٗدنہٕ پٔتۍ وأری خطرٕ۔ سبٹھاہ تھوٚکمُت آسنہٕ کِنۍ گوٚو سہٕ امہِ جایہِ ہِنٛدِس أکِس پُجس نِش یوٚت سہٕ ووتمُت اوس تہٕ منجٔنس راتہٕ خأطرٕ جاے۔ أمۍ کوٚر رس آنکار تہٕ امہِ کِنۍ تھوٚو بادشاہن گُرٕ آنگنس منٛز رَزِ گنٛڈِتھ تہٕ پانہٕ ژاو مکانس اندر شوٚنگنہٕ خأطرٕ۔

مگر افسوس سہٕ موکلیٚیا یا اکہِ خطرٕ تلہٕ تہٕ آو بییٚس منٛز ہینہٕ أکِس بلایہِ نِشہٕ

ہِرتھ پھسیاوبیٚیس ژنش ۔ نصف رأژ ہیوٚ کوٚرِ بُج پننہِ زنانہِ آلوتہٕ منٛجس بڈشر اکھ تہٕ کیاز

سہ اوس أمِس ازأنٛ نفرس مارُن یژھان تہٕ تٔمی ہشرٕ روپیہ تہٕ زلہِ گر ہیُن

یژھان ۔ بادشاہ اوس بیٚیس کمرس منٛز شونگتھ تٔمی یوٗ زیہنٛز یہِ گتھ گتھ ۔ سہ وۄتھ تہٕ گوٚو

یمن ژنش تہٕ وۄننکھ زِ توٚہی مہ کری تو یہِ حرکت بۍ دِمو توہہ پننہِ سارے روپیہ تہٕ زلہِ

گر ۔ پانہٕ روزٕ بۍ توہہ ژنش موٚہنیوٗ ۔ بُجٕن مأنٛی یہِ گتھ ۔ اکہِ دوہہ کوٚرأمی کوکارنفرن

بادشاہس گٹہٕ سُند ڈۄمب چھلنک حُکم ۔ بادشاہ اوس یہِ کران زِ امہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ

ہشرٕ کوٗ رودژ ایہِ اتفاقن امی وِزِ دریاوٕ کنٕ ۔ امہِ وُچھ یہِ تہٕ سپزٕ سخت حأران زِ خولہٕ خطہٕ تہٕ

چال ڈال کنٕ چھ یہِ سبٹھاہ رُت تہٕ أندری سوچُن زِ "یہِ شخص گژھہِ گنہِ شأہی

خاندانک آسُن" او کنٕ کوٚر تمہِ أمِس بروٗنہہ کُن پننہِ خأطرٕ اِشارٕ تہٕ پژ ژِھنٛس سأری

حالات تہٕ پتہِ زِسہ کتھہٕ پأٹھی لوٚگ یور ۔ یہِ زأنتھ زِ یہِ چھے سبٹھاہ ژتہٕ مہربان امہِ

کنٕ وۄنُن تٔس الفہٕ پیٹھہٕ ییس تانٛی پٔنُن سوٗرے گدرُن ۔ یہِ یوٗ زِتھ گوو شاہزادِأمی

سُند سخت محسوس تہٕ دِلس منٛز گئے لیس مائے ۔ تمہِ کوٚر فأصلہٕ زِ سو کرِ أمِس ہتی

کھاندر ۔ تمہِ واتنووسہ پننہٕ ژنس مألس ژنش تہٕ کوٚرُن تٔس زارٕ پارٕ زِ مے دِتہٕ أمِس ہتی

کھاندر کرنک اجازت ۔ بادشاہن مأنٛس یہِ گتھ تہٕ کیازِ سہ تہٕ اوس أمی ہنز دوکھہِ ہنٛز

دٔلیل بوٗزِتھ مُتأثر سپدمُت تہٕ بیٚیہ وُچھن أمی ہنٛدی تھدی اطوار تہٕ رژ شکل و

شباہت ۔ یوٗتاپلکھ تیوٗت جلد سپد یہِ کھاندر ۔ پژ بتھ کانٛہہ چیز سپد حیہ تہٕ زیہ سان تہٕ

پژ بتھ کانٛہہ سپد خوش ۔

کھاندرٕ پتہٕ اکیہ دۄہی آو بُجٕنس کلہ ژٹنہٕ تہٕ زلہ گرآو واپس بادشاہس دِنہٕ ۔

امہِ پتہٕ کینژھہ رێتہٕ ہیوٚت بادشاہن پنہٕ نِس ہیہر بابَس کینژھہ فوج تہٕ آدپٹن مُلک واپس۔ تمۍ کوٚر سُہ دغاباز وزیر قتل تیمۍ تَس خلاف ژوٚلے اُس گرٕمژ۔ امہِ پتہٕ اوس امنہٕ اَمن تہٕ خوٚشی۔ بادشاہن کٔڈ جان وأنساتہٕ زاس کینژھہ شُری تہٕ تہٕ پزاُون پزنہٕ پیٹھی پاپرجأیی۔

(راوی۔ پنڈت شو بابو۔ رٕنی وور سرینگر)



# شہزادٕ۔یَس جہازَے پھۆٹ

یہِ اوس اکھ سبٹھے دانا تہٕ چالاک بادشاہ تیٚمس ژور نیٚچوِ اٲسۍ یِم سٲری مأڑی ہے ہوی دانا تہٕ چالاک اٲسۍ۔ پنٕنِس یِمن نیٚچوبن ہنز دانٲیی تہٕ صلاحیژ پرکھاونہٕ خاطرٕ بُلاوِ تٔمۍ اکِہ دوہہٕ یِم سٲری تہٕ باقٕے سوالو ہُر یمانہٕ پرٛژھنکھ اکِہ اکِہ تہٕ الگ الگ پأٹھۍ زِ یہِ کٔہنزِ خوش قسمتی، کنٕز سَپُد زِمےٚ چھےٚ یژھ طاقتور تہٕ بڈٕ سلطنت تہٕ بہٕ بنوُنس یتھ قٲبل زِ بٕہ چھُس اَتھ یؤت کالہٕ جار سان حکومت کران۔ تٔمۍ وُن "یہِ چھامے پنٕنہِ قسمت، کنٕز کِنہٕ تٔہنزِ ماجہِ ہنٛد قسمتہٕ، کنٕز کِنہٕ چانہِ یا چانٕہِ باین ہندی، کنٕز"۔ زِٹھۍ ہوی نیٚچوِ وُنُس "اے بادشاہ یہِ چھُ تٔہندِ پنٕنہِ طالع، کنٕز زِ اے بابہٕ صاب تہٕ سانہِ بادشاہ زِ توہہِ چھےٚ ییٚژ بڈٕ سلطنت تہٕ طاقت"۔ تِتھے کٔنٕز دِتُس دوٚیِم تہٕ ترٛیِم نیٚچوِ تہٕ جواب۔ وُڈنی ییٚلہِ سارِوٕے کھوتہٕ کأنِس نیٚچوِس پرٛژھُن تٔمۍ دِتُس جواب زِ یہِ سأٹلم طاقت تہٕ شان سَپُد تَس اٲمۍ ہنٛدے طالع، کنٕز حاصل نہٕ زِبنیہِ کأنسہِ ہنٛدِ۔

بادشاہس کھۆت اٲمِس کأنسہٕ کٔڑ ہنٛدِس دلیرانہٕ تہٕ کھورٹھیکہٕ رأوِتھ جوابَس

پیٹھ تتھے کٔنز سخت شرارت یتھہٕ کٔنز سُہ ہُمن تربن لڑکن ہند بوٚ ژھونگنہٕ آیہ جوابوٚ تٔر خوش سَپُد۔ اکہِ شرارتہٕ ہَتہِ لہجہِ وۄن تٔمۍ "بہٕ اوسُس ناتمہِ بروٚنہہ تہِ اکھ طاقتور تہٕ دانا بادشاہ بیٚلہِ ژٕ ماجہٕ ہندِس شکمس منٛز ڈٔب اوسکھ لگنے؟ یہِ سلطنت تہٕ یہِ طاقت آونہٕ چانہِ زہنہٕ کٔنز۔ کولہٕ بے وقوف تہٕ نشہِ لٔدٕ۔ دفا۔ دفا تہٕ پتہٕ کوٚرُن دربانَس آلوٕ تہٕ وۄننس ژُھنن یہِ کٹیر ییٚتتھ کٔڈِتھ۔ مگر اٴمِس لٔڑکس پیو نہٕ اَتتھ نیرنہٕ خاطرٕ زور کرُن۔ پننہِ ارادچہِ پوختہ گی تہٕ آزاد سوچہِ کٔنز گنٔڈی تٔمۍ پننٕ کینٛہہ ضروری چیز تہٕ دژاو محل خانہٕ منٛزٕ۔ امہِ پتہٕ کمے کالٕک بیٚلہِ یہِ شہرکین بسکینن نتیاو زِ یُزٕ کٔنز ژۄل لوکٹ ہیوٚ شہزادٕ تہٕ پژٕتھ طرفہٕ آے خبری سوزنہٕ یُتھ تمہٕ اٴمِس لٔبتھ واپس انہٕ ہَن۔ اٴکس وَتہِ پیٹھ رۄٹکھ سُہ مگر اَتھ دژاونہٕ کانٛہہ تِرِ خبرِ یَو وۄن تَس (تسندِ اَتہِ نیرنہٕ کٔنز) بادشاہ ہندِس شرارتَس مُتعلق تہٕ یہِ زِ ہرگاہ سُہ وۄنی واپس ییہِ تیٚلہِ ین تَس واریَہہ تحفہٕ دِنہٕ تہٕ عزت افزاأیی کرنہٕ۔ مگر شہزادٕ رۄٗ دنیرنہٕ خاطرٕ ضد کرِتھ۔

تمہِ دوہہٕ وۄتھ محل خانس سخت ماتم۔ شہرس تہٕ لۄکن منٛز وۄتھ ودَنس تہٕ ماتم دأریہِ ہے۔ مگر کہنٛژ ہیوٚک نہٕ شہزادٕ سنٛزِ زنانہِ ہندِس شرارتَس مُتعلق کینٛہہ وٕنتھ تہٕ نہ ہیوٚکُس کانٛہہ دِلاسے دِتھ یُس تَس شہزادٕ سنٛزِ جلاوطنی پیٹھ سَپُد۔ تمہِ کوٚڈ پٔنن مأرک موٚندمَس تہٕ پٔنن دودُبوٚ گت ہیوٚ وَچھ ژھوٚٹن۔ سأری وَس تہٕ مالہٕ گَن تہٕ چھچن۔ سوزن اٴس مٔژ تہٕ مَرنس وأ ژھرٕ۔ فِقرلنہِ ہُند رخت لوٗگن تہٕ ہشہِ ماجہِ تہٕ باتٕے اٴشناون ہند زارِ پارِ باوجوٗ ددرایہِ گُنی ژٕنی تہٕ چندَس کانٛہہ پنسہٕ آسنہٕ ورأے خاوندس ژھانٛڈنہٕ۔

تسندی لولن اٴس تٔمۍ سندبن قدمن وُژھ بخشمٕژ تہٕ تسنٛز ژھأنڈ اٴس تسنٛز مجبوری

ییمہٕ کنہٕ تَس لبَنس زیادٕ وقت لوٗگُس۔ شہزادٕ گوو تَس وُچھتھ سیٹھاہ خوش تہٕ تیوٗت لول بوٚرُنس تیٚیچ سو حقدار اَس۔ سوٚ تہٕ اُستھ باسیوٚ وتس پنُن پان اَمیر تہٕ خوش تہٕ دربارٕچ کاٚم کار تہٕ مزٕ تڑ اونک بوٚرُن نہٕ کانٛہہ پرواے۔ تَمہ وَوٗنُس میانہٕ یارا۔ میانہٕ اَچھ گاشہٕ۔ چون کیاہ چھُہ خیال؟ اَسہٕ پزٕ نا ییتھی جنگلس منٛز روزُن تہٕ تتھی پیٹھ گُذار کرُن یہٕ کینژھاہ۔ ییمہٕ کمانہٕ تہٕ تیرٕ کنہٕ اَسہٕ میلہٕ؟۔

تمہٕ کوٚرُس آنکار تہٕ کینژن ہفتن تہٕ دوہن چلیاو یہٕ ٹھیک پاٚٹھۍ یوٚت تانۍ کمانہٕ تہٕ تیرن ہُند کمالے موکلیاو زِ کانٛہہ شکار امیوٚل نہٕ ییمن۔ یہٕ سلسلہٕ تہٕ چلیاو مگر اَخرس ییلہٕ بوچھہ چیٚرٕ اوٚنکھہ تہٕ پیٚیو کھ جنگل تڑاوُن تہٕ دزاے دوٚر دوٚ دچھکر اَوتھ گامن گُن۔ اَتھی دربدری منٛز واتۍ تمہ سمندرس نش۔ سمندرُک بے لَد وہراو وُچھتھ سپدۍ تمہ وارٕ یہہ حاٛران۔ تہٕ ییلہٕ تمولہرٕ وُچھہٕ ییمہٕ گوڑٕ بروٚنٛہہ کُن آسہٕ یوان تہٕ پتہٕ واپس وَسان تمن باسیاو زنتہٕ ییمن زندگی پھچھ تہٕ ییمن تہٕ پہنٛدِس ساٚری ہے مُلکس عنبگلاون چھے یژھان۔ تہٕ اَستھ تہٕ کھوٚژی نہٕ ییم سمندرس بَلکہ اَسۍ اَتھ آبس پیٹھ زِندٕ روزُن یژھان۔ تموٚ کر کوشش زِ ییم جہاز واٚلی اَتہٕ جہاز ہیتھ بندرگاہس پیٹھ اکثر رُکان اَسۍ تمہ گرٕ ھی مانٛزٕ یتھ زِ ییم تہٕ تمن ہتۍ جہازس منٛز کھسہٕ ہَن۔ مگر جہاز والو کوٚر یکھ ہَر وِزِ اِنکار تکیاو زِ شہزادٕ تہٕ تسنز زنانہٕ اَسۍ سیٹھا غریب تہٕ تمن دِنہٕ خاطرٕ اوسکھ نہٕ کینٛہہ تہٕ۔ پھیکرس ماٚنۍ اکہٕ دوہہٕ اَکہ امیر تہٕ رحمدل باپاٚرِ یہنز شریف خصلت تہٕ رُت دوہار وُچھتھ یہنز خاہش۔ تمِس آو ییمن پیٹھ عار تہٕ کرٕ دِژ ییمن اَکس جہازس پیٹھ بیہن جاے یُس گَتھ تانۍ دوٚرسفرس پیٹھ نیرن وول اوس۔ نیرنہٕ بروٚنٛہہ پرٚژھ باپاٚرِ ییمن زِ

تۆہی کم چھُو ؟ گتہِ پیٹھہِ چھُو آءمتۍ تہٕ ؤوٚنۍ کیاہ چھُو اِرادٕ ـ تٔمۍ وۆنُکھ "یقین چھُو توٚہۍ دۆشوے شہزادٕ انہارٕ تہٕ وۆہارکۍ باسان تہٕ کمہِ تانۍ چالبازی کٔرِ چھُو غریب تہٕ بے آسرٕ بنیمتۍ"۔

"پوٚز چھُہ۔ پوٚز چھُہ" نوجوان شہزادن وۆنُکھ ودان ودان۔ تہٕ امہِ پتہٕ دۆپنکھ نٔس پننہِ سارٕے دلیل۔

بۍ چھُس شہزادٕ چھُم تقدیرٕ شولان
تۄے حاصِل سۆتۍن طاقت تہٕ فرمان
پھۆرُم ساتھا تہٕ وۆنُم بابہٕ صابن
چھُکھ کس طالع ؟ ژٕ نۍ کِنہ مۍ ؟ چھُس حکمران
وینیومس "مۍ" دۆپنم "کیا ! ژٕ چھی کیاہ ؟
دفا گوٚڑھ چھُکھ ژٕ احمق چھُکھ ژٕ نۍ ہرسان"
گرٕ ترٛووُم تہٕ رووُم خانہٕ ماجر
تۄے جنگلن لوٚگُس چھُس حالِ حاران
پتو رٕژنۍ ہتھ سبٹھا خۆش حال سپدُس
کمان روٚزتھ شکارُک روٚد ارمان
نفس پھِرواں دوٚپھن کھووُر تہٕ پتھ بروٚنٹھ
بچھان ژوچہِ کھنجہِ تہٕ روزن جاے ژھانڈان
پتو بخشن خۆشی اٰژیوٚت خداین

کرِن یأری ژٕے ہیٚؤ سۆزٕن مہربان

ژٕے مسرت رؤس خۆشی بیٚیہِ وأنسہِ برکت

مرِتھ مرتبہ ژٕے ہُرک نے یُژ خوشی سان

باباأرِ سپد شہزادِ سنز یہِ پُر اثر دٔلیل بۆزِتھ تیوٚت مُتأثر زِبڈٕ مشکلن روٹ تٔمۍ اؤش۔ تٔمۍ وۆنُس "مےٚ چُھ پتاہ زِ یہِ کینژھا ژٕے وۆنُتھ تہٕ چُھ بوٚز تکیازِ تِتھے ژماٮ۪ی سندِ مُلکہٕ منٛز دژا کھمیأنی أکی نفرن یُس تٔتۍ چُھ روزان سۆزمےٚ شیٚچھ زِ کُس تانی شہرٕ حملہٕ آور آوا ورتہٕ وار یَہہ بسکین کرِن قتل۔ بادشاہ تہٕ چائی بأے بیٚین آشنہٕ تہٕ عیال ہیتھ تہٕ کرِن قأد"۔

شہزادن بیٚلہِ یہِ بۆزِتھ وۆدسبٹھا۔ پننہٕ غرٚیی تہٕ لاچأری کِنۍ پننہٕ نس مأرلس، باین تہٕ لۆکن بیم تِمس سبٹھ ٹأٹھی أسی مصیبتس منٛز کانٛہہ مدد نہٕ واتنأوِتھ ہکنہٕ مۆجب کوٚرن ماتم۔ أمی سنزِ زنانہِ تہٕ باباأرِ سنزِ کۆششہٕ تِمس یہِ وٕنِتھ دِلاسہٕ دِنس دژاونہٕ کانٛہہ مطلب زِ ژٕے پزِی شُکر کرُن زِ ژٕ اوسکھ یمو واقعو بروٚنٹھے شہرٕ منٛز دژامُت۔ شہزادٕ اوس سبٹھا زیادٕ نیک تیٚمی کِنۍ تِمس یمو کتھو کیٚنٛہہ اثر سپدٕ بلکہ اوس یہِ زأنِتھ پانس زیادے ملامت کران زِ ہرگاہٕ گرٕ آسہٕ ہارٕ دمُت یہِ سأرٕی آسہٕ ہے نہٕ سپدمُت۔

وۆنی اوس تِمن جہازس منٛز وار یَہہ کال گۆمُت پکان تہٕ تِم تِتھ مُلکس نکھہٕ أسن ییٚتۍ یِتی واتنۍ بیٚیہٕ یمن جہازٕ منٛز وُسن اوس زِ ٹاسہٕ رأے ٹلن واجبی ژھۆٹھ کیٚڈن۔ واو تیزیا وتہٕ کوٚہن ہِشہٕ آبہٕ لہر وَژھہٕ یمو کِنۍ پزٕ یتھ لمحہٕ باسان اوس زِ یم رٹن وۆنی

جہازس تَل ۔ سأری اُسی پِنٕنی پأٹھی کام کران تہٕ پرٛ بتھ کینٛہہ تہٕ یِیمہٕ کِنی جہازس منٛز سفر کرن والین ہُند بچاو ہیکہٕ ہے سپدتھ ۔ یتھہٕ کِنی رُوٗدی تِم گأنٹہٕ وادن زندگی تہٕ موتچ کشمکشہٕ منٛز یوت تانی اکھ بڈ لہر وُژھ یوسہٕ باقیو کھوتہٕ زیادٕ تیز تہٕ بڈ اُس تہٕ آیہ جہازس چھاونہٕ ۔ اَتھ گیہ ژِ چھلہٕ تہٕ جہازس منٛز یُس اکھا تہٕ یہٕ کینٛہہ ہا اوس تہٕ بۄ آبن ۔ صرف بچے یہٕ اَتہٕ ژِ نفر اکھ شہزادٕ تہٕ بێیہٕ تسنٛز زنانہٕ یِمن اُکس ہچہٕ پٹس تہٕ ہمہ تُلِس تھپھ اُس آمژ تہٕ یتھہٕ کِنی واتی تِم بٹھس پیٹھ ۔ وۄن گو وشہزادٕ لوگ مُلکہٕ کِس اُکِس حصس یێلہٕ زَن شہزأدی بێیس حِصس کُن پرٕ گرٕھتھ لجٕ ۔ یُس شاید وار یہہ دٗر بیا کھے مُلک اوس ۔ شہزأدی یتھ جایہ بۄٹھ لجٕ سو اُس اُکس بڈس باغس نکھہٕ یُس نٔنی پأٹھی بڈ سوٗچتھ سمجتھ بناونہٕ اوس آمُت ۔ مگر نہ اوسُس کانٛہہ پوشی تہٕ نہ کانٛہہ بۄنہ وُتھرٕ ے ۔ مگر یتھے شہزأدی امہٕ کِس دیوارس نکھہٕ وأتژ کی تہٕ زنڈ ہێتِن تازٕ سپدنی تہٕ اتھ یورٕ ہێتی نکھ بامن نیرٕ نی ۔ دۄیمہٕ دوہہٕ صُبحس یێلہٕ ژیُٹھ باغوان اور نظر دِنہٕ تہٕ راوچہ خاطر آدسہ سپُد یہٕ وُچھتھ سبٹھا حأران ۔ سہٕ اوس دوہہٕ مشکی پأٹھی اور یِیمہٕ کامہٕ خاطر آمُت ژِ سہٕ وَنہٕ ہے اَتہٕ ہوکھہٕ متین گُلین مۄلہٕ کڈنہٕ تہٕ یِم زالنہٕ یا بدل کُنہٕ کامہٕ لاگنہٕ خاطر تُلتھ بِنہٕ خأطرٕ ۔ مگر وُچھتو ۔ یِمن اوس زُوٗژ امُت لہذا وۄن اُمی لوکٹین باغوانن ژِتوٗہی گرٕ داز چھٹی تہٕ اَز چھنہٕ ییتہٕ کانٛہہ تہٕ کأم ۔ امہٕ پتہٕ درٛاو یہٕ باغوان یہٕ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطر مألکس نِشہٕ یُس تمہٕ مُلکُک بادشاہ اوس ۔ بادشاہ سپُد یہٕ بۄزِتھ سبٹھا خوش تہٕ سوٗچُن ژِ اُخرس تہٕ نیرن خداصأبنہٕ یرٛھنہٕ گُلین مۄ تہٕ بێیہٕ لگہٕ اَتھ باغس پھلے یتھ پیٹھ اُمی سبٹھا روپیہ خرچاودِمژ آسہٕ ۔ پتہٕ آو باغوان دُبارٕ یتھ سہٕ وارٕ پأٹھی اَتہٕ نظر دِتھ اُچھن

طراوت لبہٕ ہے تہٕ اتہِ وُچھن دروازس پیٹھ اکھ زنانہٕ بہتھ۔ تٔمی پرٛژھُس زِژ کوتہٕ چھکھ؟ کتہِ آیکھ تہٕ کیا زِ آیکھ مگر شہزادہٕ ہنٛد بو وُٹھو دژ اونہٕ اکھ لفظتہِ لہٰذا دژ اوسہٕ اَتہِ۔

یَتھ جایہِ شہزادٕ وأتھ پوٚسو اُس اکہِ بٔڈ تہٕ شاندار شہرٕکس دیوارس نکھہٕ۔ اَتھ شہرس اورٕ یورٕ پھیران ووت سُہ أکس شاندار باغس نِشہِ۔ یہِ اوس رنگن تہٕ خوشبوژ ھٹان۔ تٔمی دِژ نیبرِ مہِ درواز پیٹھے نظر مگر اندرا ژُنس بہریاونہٕ تکیا زِ اَتہِ یِیلہٕ تہٕ کانٛہہ شخصاہ نظرِ گوس تو ے سوچُن زِ اوراژُنس آسہِ ٹھا کھ تہٕ اوے کنٛزٕ رُکیاو۔ سُہ اوس دُنہٕ اُتی یہِ حاَران کرُون نظارٕ وُچھان زِ تانٛی آو اورٕ شاہی باغوان۔ اَتہِ دروازس منٛز ژٔو رِپأٹھی ژامُت تہٕ اَتہِ ماچھن کیٛنٛہہ پوٚش نٔمتی۔ بڑ نزِس کھنڈس کُرن اُمس تھرٕ تہٕ رۄٚ زِتھ مُدے گنڈِتھ پوشن کُن نظر گنڈِتھ نفراڈ ہیٚشتھ گوو اُمس شک زِ سُہ ماچُھ باغس خوف گوس زِ اگر یِی پوٚز اوس خبر مےٚ کیاہ کرِ تیٛلہِ بادشاہ۔ مگر یِیلہِ اُکی وُچھ زِ کانٛہہ نوقصان چھُنہٕ گوٚمُت امہِ کنٛز گوو سُہ اُمس اجنبی شخصس خوشے ہیوٚ۔ یہِ اندازٕ کُرتھ زِ یہِ چُھ گاٹُل تہٕ شریف تہٕ پرٛژھُنس زِژٕ کُس چھکھ تہٕ ژٕ کیاہ چھکھ ییٚتہِ کران۔

جواب میوٚلُس " بہٕ چُھس اکھ بیچھوُن تہٕ دۄرِ اکہِ مُلکہٕ پیٹھہٕ چُھس آمُت" باغوانن وۄنُس " وولٕہ یکھ تیٛلہِ مےٚ ٔتتی۔ بہٕ کرٕ چانہِ کھنٛبگ تہٕ پکون ہُنٛد کیٛنٛہہ انتظام"

ظاہر چُھ زِ بیچھنس ووتمُت شہزادٕ سپدٕ سبٹھا خوش تہٕ دژ او باغوانس پتہٕ پتہٕ تُسنٛد گرٕ گُن۔ تَتہِ آو وَننہٕ زِ یہِ چُھ اکھ غریب یُس ژوچہِ کھنٛجہِ خاطرٕ ترسان تہٕ اورٕ یور پھیران چُھ۔ تٔمِس آو کھیٚن بروٚنٛہہ کُن اَننہٕ تہٕ وۄنٛہس وولٕہ یکھ نارٕ گجہِ کُن تہٕ وُشناوپٔن پان۔

کتھہِ باتھہِ دوران پۆژھ أمہ ازأنۍ پۆشِکہ زِ باغوانن کیاز اُسی پوش ژٔٹتھ أنۍ مِژ۔ باغوانن وۆنُس زِ یہِ چھ بادشاہ سُند حُکم زِ پۆژتھ دوہہ گژھن شأہی خاندان کِنۍ بأژن ہنزِ خوشی خأطرٕ تازٕ پوش انٕنہٕ یِنۍ۔ توّے تہٕ اوس سُہ یِیمہِ کتھہِ ہُند خاص خیال تھاوان زِ کانہہ گۆژھ نہٕ پوش ژۆرِتھ یِنۍ یُتھ زَن دوہدِش شأہی محلہٕ خأطرٕ پوش پُرٕ پیَن نہٕ۔ شہزادن وۆنُس ’’بہٕ چھس یژھان زِ ژٕ دِکھ مے یِمن پوشن گۆندی بناونک اجازت۔ یِتھہٕ کٔنۍ باسن یِم امہِ کھوتہٕ سیٹھاہ زیادٕ خوبصورت تہٕ بادشاہ سلامت گژھہ یِمن وُچھتھ زیادٕ ے خوش‘‘۔

باغوانن مون تہٕ یِتھہٕ کٔنۍ سپدی وارِیہہ پوشہٕ گۆندی شۆبہِ دار یا ٹھی بادشاہس پِنہٕ خأطرٕ تیار۔

بادشاہ تہٕ شأہی خاندانکۍ سأری بأژ سپدی یِم مأری مَنٛز پوشہِ گۆندی وُچھتھ سیٹھاہ خوش تہٕ باغوانس وارِیہہ تحفہٕ دِوان وۆنہس زِ یِتھے کٔنۍ گژھن دوہے پوش تیار یِنۍ کرنہٕ۔ احترامہٕ خأطرٕ نمیا و باغوان تہٕ دژاو۔

گرِ واتتھ وۆن باغوانن پننہِ زنانہِ زِ بادشاہ کوتاہ خوش سپد تہٕ بیٚیہ تِمن تحفن ہُند یِم اُمس دِنہٕ اُسی آمتۍ۔ پتہٕ گووتہٕ وۆنُن دیانتدأری سان شہزادس زِ یہِ سأرے عزت افزأیی سپز تَس اُمی سِنز ے ہونرِ کنۍ تہٕ امہِ کنۍ روٗ زن سُہ وۆنۍ پہندے گرِ تہٕ اُسن دوہے پوشن گۆندی بناوان تہٕ ہرگاہ سُہ وۆنۍ یِمن نِشہِ نیرِ تہٕ بادشاہس خأہش پورٕ سپدنہٕ تہٕ مُمکن چھ زِ سُہ کرِ اُمس (باغوانس) قأد تہٕ قتل تہٕ ہیکِہس کٔرتھ۔ شہزادن سوٗنچ زِ امہِ کھوتہٕ بہتر تہٕ چھنہٕ وۆنۍ کِنہٕ میانہٕ خأطرٕ کینہہ تہٕ وارِیہس کالس ہیکہٕ یِہے حالت

رٗ زِتھ۔ لہٰذا کوٚرنس اقرار۔ تِتھٕ کنٕ رٗ دِک معاملہٕ چلان۔ پژ بتھ دوہہ اوس بادشاہ تہٕ شاہی خاندانکی باژ سبٹھے لوٚبہٕ وٕنو پوشہٕ گندبو۔ کنٕ خوش سپدان تہٕ پژ بتھ دوہہ اوس باغوان تھدی تھدی انعامہٕ ہتھ واپس یوان۔

زیادٕ زیادٕ امیر بنتھ ہیژن اٗمس روپے وارے ٹاٹھ گژھنہٕ تہٕ باغوان تہٕ تسنز زنانہٕ اوس مٔنزی یہ زبردست خوف گژھان زِ تِہُند یہ پوٚتر یعنے شہزادٕ ہرگا کنہٕ دوہہ اچانک پاٹھی یمن نشہٕ دژ اوتہٕ یم واتن تیلہٕ بیٚیہٕ بروٚنٹھی ہیے حالس۔ لہٰذا کوٚر تمو یہ ارادٕ زِ تم کرن پننہٕ کورِ اٗمس ستی کھاندر تہٕ تِتھٕ کنٕ روزِ یمن پوٚرِ یقین زِ سہٕ نیرِ نہٕ یمن نِشہٕ۔ تم اٗسی ونان "یُد وٕے یہ اسہِ نِشہٕ انتہائی مصیبت۔ کس حالس منٛز ووت مگر یہ کتہٕ چھ اسہِ پتاہ زِ یہ ماچھ کانٛہہ بارسۃٕ نفریس کُنہٕ چالبازی تہٕ دھوکہٕ۔ کنٕ آتھ حالس وڈتمت آسہِ؟ یہ چھ ہررنگہٕ عاقل تہٕ ہونرمند تہٕ نیک وو ہارک تہٕ اٗمی سندے کنٕ میٚج اسہِ ییژ بڈ دولت"۔

لہٰذا اسُپد یہ طے زِ شہزادس وٕنو باغولنہٕ سنزِ کورِ ستی کھاندر کرُن۔ شہزادن لوگ گوڈٕ ڈیوٚلے ہیوٗ مگر پتہٕ موٗن یتھ شرطس پیٹھ زِ یہ تیمہٕ وِزِ تہٕ یوٚت نیرُن ییژھہ تتھ آسہِ اٗمس اجازت۔ باغوانن مون یہ کنہٕ ہلہٕ ڈِلہٕ روٗستے تکیازِ اٗمی سوٗنچ پننہٕ جایہٕ ہرگاہ کانٛہہ ازاٗنی اکہِ پھرِ اٗمی سندِس گرس منٛز بتھ آرام سان بیٚیہٕ سہٕ ییژھہِ نہٕ پتہٕ اتہٕ نیرُن۔

کھاندر سپُد تہٕ وارِیہہ روپیہ آیہٕ خرچاونہٕ تہٕ وارِیہہ شادیانہٕ سپدی۔ کینژس کالس سپُد پژ بتھ کینٛہہ رتی پاٹھی تہٕ پژ بتھ کانٛہہ اوس تیوٚت خوش باسان یوٚت سہٕ

أسنتھ ہیکہِ ہے یوٗت تانٛی اکھ سہ دوہ ووت یَیلہٕ نہٕ باغوان پانہٕ محل خانہٕ گژھتھ ہیوٚک تہٕ امہِ کنٛی پننِس زامترِس وؤنُن زِ ژٕ گژھ تہٕ میانہِ بدلہٕ واتناوپوشہِ گنٛدی تور۔ تُم کوٗرِ لی مگر واپس یِوُن سمجھ آمس بادشاہ سنٛز کوٗرتہٕ یہ وُچھتھ زِ یہ چھ گاٹُل، شریف تہٕ خوٗبصورت گوس اَمی ساعتہٕ اَمِس سٕند محبت۔ پننہِ اکس نوکرانہِ دِتُن حُکم زِ ژٕ گژھ اَمِس پتے تہٕ وُچھ یہ کتہٕ چھ روزان۔ تمہِ وُچھ سہ باغوان سُند گرٕ اژان تہٕ واپس یتھ وؤنُن پننہِ مألکنہِ لی۔ دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحٲے سوٗز شہزادِ باغوانس نادتہٕ وؤننس زِ گنٛہٕ تہٕ قیمتس پیٹھ گژھہِ نہٕ اَمِس جوانس نیرنہٕ دِنہٕ یُن بلکہِ گژھہِ کھیاوُن چاوُن تہٕ نہٕ پرٛ بتھ کانٛہہ چیز گژھس دِنہٕ یُن یہ اَمِس ضرورت آسہِ۔ باغوان گوو تِتھس عجیب حُکمس پیٹھ حأران تہٕ فورن گو پننہِ زنانہِ تہٕ زامترِس یہ وَننہِ۔

" ژٕ کیاہ چھُتھ یتھ کوٗرمُت زِ تمہِ وؤن مےٚ یہ؟ " ژٕ وُچھتھا شہزأدی؟ تمس ستی گرتھا گتھ یا تمس کُن گرتھا لولہٕ برٕ ژ نظر؟ مےٚ وَنتہٕ اَتھ عجیب حُکمس کیا چھُ وجہ؟ "۔

شہزادن کوٚرس اقرار زِ سہ یَیمہِ ساعتہٕ محل خانہٕ منٛز واپس اوس نیران تُم ڈُچھ بادشاہ سنٛز کوٗر مگر یہ تہٕ وؤننس زِ اَمی اَس سو سرسری پأٹھی وُچھمٕژ تہٕ تمس ستی اَسس نہٕ خاص کتھا گرمٕژ۔ یوٗت تانٛی وجہ نٔنیاو توٚت تانٛی اَس زبردست حأرأنی۔

اُتھی منٛز گوو شہزادِ کھِنہٕ چَن تہٕ مُشتھے تہٕ سپُز سیٹھا کمزور تہٕ لیدر ییہ۔ یَیلہٕ اَمِس زِ ماجہِ وُچھ زِ یہ چھے کمزور تہٕ بیمار سپداں تمہِ وؤن پننہِ کوٗرِ زِ مےٚ وَن ژٕ مأچھی کانٛہہ دود یا پریشأنی اگر ییتھ کیٛنہہ چھُ مےٚ وَن تہٕ تتھ ہکو علاج کرِتھ۔ یا اگر تس کُنہ

چیز چ یِژھ چھےٚ سوٗ ئِنن تہٕ بادشاہ کرِ تہٕ پوٗر۔ سُہ یُس تہٕ چیز یایم تہٕ چیز آسن۔
أندرِ ہتھ مہٕ مأرِن سو پان۔

"ہے موج، میٲنی ٹاٹھی موج" شہزادِ دِتُس جواب "مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ دود تہٕ نہ
واتنووےٚ کأنسہِ کانٛہہ دوکھ مگر خدا صأبن سوٗ زیور تیٚتھ نفرایٚسند مےٚ محبت سپُد تہٕ یَس
ہتیٚ بہٕ کھاندر چھس کرُن یژھان"۔ ملکہ وۄنُس "اِدٕ مےٚ وَن، سُہ کُس چھُ تہٕ کتہٕ چھُ
روزان تہٕ بہٕ وَنہٕ بادشاہَس تہٕ تمن سوزون نفر" شہزادِ وۄنُس "یہٕ چھُ سُہ جوان یُس
سأنِس زِٹھس باغوانہٕ سندِ روزان چھُ، سُہ گاٹُل تہٕ مأرِ موٚند جوان یَمی راتھ باغوانہٕ
سندِ بدلہٕ یور پوش أنی"۔

ملکہ سَپز کورِ ہندِس اَتھ درخاسس پیٹھ حأران تہٕ وۄننس زِژ سونچ وارٕ زِژ
کیاہ چھکھ ونان۔ تمہٕ وۄنُس "اُکس باغوانہٕ سُندِ مزوٗر، تس ہتیٚ کھاندر کرُنس ہیکیاہ
شہزأدی خوش گژھتھ۔ یہٕ کیا پاگل گیاچھےٚ۔ پزی کنی ما چھےٚ میٲنی کوٗر پاگل!"۔

"میٲنی ٹاٹھی موج۔ بہٕ چھس نہٕ پاگل" شہزادِ دِتُس جواب "یہٕ نفر چھُنہٕ کُنہٕ
معمولی گرُک یہٕ زَن مےٚ باسان چھُ۔ یہٕ چھُ کُنہٕ امیر گرُک تہٕ شریف خصلژ ہُند باسان
۔ یہٕ چھُ أمی سندِ تھدِ خاندانک آسنک تہٕ رٕژرِ تربیژ ہُند آسنک ہأوتھ دِوان۔ بہٕ چھسے
ژےٚ اِلتجا کران زِژ سوزُن کانٛہہ تہٕ کرناو معلوٗم تہٕ ژےٚ ژٕنی پانےٚ زِلی چھنا حقیقت"۔
ملکہ کوٗرِنس وعدٕ زِ بہٕ کرِ یہٕ۔ ییٚلہِ بادشہَن پننہٕ کورِ ہندِ علیل آسنک یہٕ وجہ بوٗز سُہ تہٕ گوو
سیٹھا حأران مگر ہتی سوٗنچن زِ شہزادِ ہندِس اندازس مژ تہٕ ہیکہٕ کینٛہہ پزر أستھ لہٰذا
کوٗرِ تمی أمس ہتی گتھ کرُنس ٹھہراوے بوٗت تانی تمی یہ معلوٗم کوٗر زِ یہٕ کُس چھُ تہٕ کتہٕ

پیٹھہٕ چھُ آمُت۔

باغوانن وۆن بادشاہس سِندس شُیچھ انن وأڑلس تہٕ سائلم یِہ ہأرمس پَنہٕ نِس زامٕترِس مُتعلق پتاہ اوس۔

**I**

مےٚ یامتھ وُچھ تہٕ بُیچھہٕ وُن اوس
مگر داماد وُنی کینہ چھُم
مُدے أسِس گنڈِتھ باغس
بَرنی پیٹھ مُفلسا ڈیوٗڈھم

**II**

مےٚ گوو شک آسہِ ہے اندرِ نے
یِہ پھوٚرمُت سرسبز باغس
پتو ڈیوٗڈھم أتی پرٛبتھ گُل
ژۆلُم سُے خدشہِ یُس پوٗلم

**III**

وُچھُم یامَتھ مےٚ خوش رو یُتھ
تہٕ پرٛ ژھمس وَن مےٚ نِش یِکھ ما
اگر مرضی گژھی ودلہٕ یِکھ
ژٕطلبس یِم تہٕ ازماوٗم

**IV**

بُرن حأمی تہٕ ہتی آم
تَنے اَسہ نِش قرارے رۆد
مےٚ کارس یِتھ مدد کوٚرنم
زِ پننٕے زوٗ مےٚ باسان چھُم

**V**

شہس یِم پوشہٕ گندی خوش آے
ہوٗنر أمی ہنزٕ سو سأرے أس
مےٚ خوش دِل پأٹھی رٕژھنَم دِل
مہربان بادشاہ سپنم

**VI**

مےٚ أمی ہنزِ ہونرِ کھوٗلم بوش
سبٕتھا دولت گرٕس آیم
ژۆلُم ہرگا گژھم ما ناش
تہٕ یانس یُتھ کیٛب ما چھُم

## VII

مےٚ پنٕنے خونہٕ رِشتَس گوٚنڈ
تہٕ دُشمَس دٔھن پکو کھمن چَن
یہٕ زأنِتھ لگہِ أمِس کھور گنڈ
پینتے رۄدُم سُہ قِسمت چھُم

## VIII

مےٚ پرٕ ہتھ کیٚنہہ نوٚن عیان وۄنے
یہٕ کینژھا پَے مےٚ أمی سُند چھُم
ژٕ گوٚھ وۄنی وَن شَہس سوٚرٕے
وُنُس بخشُم خطا یوٚد چھُم

## IX

چھُ کُس ؟ روزان یہٕ کتھ مُلکس
مےٚ معلوٗم چھُمنہٕ، چھُس کیٛاہ ناو
نہٕ پرٕژھمس مےٚ، نہٕ وۄنم زانٕہہ
نہٕ امہِ ہُر کیٚنہہ، وَنُن کیٛتھ چھُم

شیٚچھہِ وأتِس نِشہِ یہٕ عجیب ڈٔلیلا یُس زِتھ اوس بادشاہ أمِس کارِہندِس نفرس.
مُتعلق بیٚیہِ تہِ بوزُن یژھان توے اوٗنُن یوٚ ڈباغوان بلأ وِتھ۔ سبٕھے کھۄژی کھۄژی تہٕ
تھرِ تھرِ پأٹھی ژا اوبوٚ ڈباغوان بادشاہس نِش۔

بادشاہن وۄنُس ''وَن ساوۄنی مےٚ یہٕ کُس نفرا چھُ؟ آمُت کتہِ پیٹھہٕ چھُ؟ ییٚتہِ
کیٛاہ چھُ کران؟ ژٕ ے رِکتھہٕ کنی لوٚب تھَن؟ یہٕ کیٛاہ چھُ چانہٕ گرِ کران؟ تہٕ ییٚتہِ وُنم چھُ کیٛتھ
کیٛاہ تہٕ حاصِل کیٛاہ چھُس کوٚرمُت۔ أمِس شخصس مُتعلق کیٛاہ چھُ چون خیال؟
باغوانن وۄنُس تہِ سائلم یہٕ سُہ پنٕہ نِس زامترِس متعلق زانان اوس، یہٕ سمکھس رِکتھہٕ
کنی، أمِس پیٹھ عار یُس تہِ ینہٕ گنہٕ کور أمِس ستی کھاندر کرُن تکیٛا زِ أمی بناوی تھی کر پوشہٕ

گٔندی یموٗ ستۍ بادشاہ خوش سپُد۔ کتھ باتھہِ تہٕ کامہِ کارس منز کوتاہ گاٹل تہٕ ہُنر مند چھ یہ تہٕ کوتاہ شریف ،رُت تہٕ نرم چھُ۔ پننہِ نِس زامترِس مُتعلق یہِ کینژھا اَمِس باغوانس پتاہ اوس تمہِ منزٕ تھاوُنہٕ اٲی اکھ کتھ تہِ ژوٗرِ۔ پتہٕ کوٗرُس بادشاہَن روخصت تہٕ ووٗنُس زِ ژٕ مہ کھوژ ژےٚ واتی نہٕ کانٛہہ نوقصان۔ یہِ کینژھا ژےٚ مےٚ پرٕژھے تہٕ ژےٚ ووٗنُتھ تمہِ کِنہٕ سپد ژےٚ ستۍ بُرتے۔

یام یہِ بوٚڈ باغوان دژا وبادشاہن سوٗزا کھ خاص نوکر یہِ زاننہٕ خاطرٕ زِ یہِ لوکٕٹ باغوان کُیت کیاہ چھُ تہٕ ووٗنِس مےٚ ڈٲنۍ زِ واپس سۭچھ خبر۔ پوٗرِ دھیانہٕ سان وُچھِ زبن تکیاہ زِ مےٚ (بادشاہس) چھُ اِرادٕ زِ ہرگا مُمکن سپُد بہٕ ما کرِ اَمِس پننہِ کورِ ستۍ کھاندر۔ نوکر دژا وتہٕ پڑ بتھ معاملس مُتعلق کُرن پرٕژھہٕ گاٚر۔

تمۍ ووٗن بادشاہَس ''تہِ سائلم چھُ پوٚز یہِ زَن ژےٚ باغوانن ووٗنےٚ مگر ہرگا توہہِ مُناسب باسہِ تیلہِ اناوٲی تو ن بُلا وِتھ تہٕ وُچھتون پانہٕ''۔

بادشاہَن کوٚر تی تہٕ جلدٕ ےاوس یہِ لوکٕٹ باغوان اَمِس بروٗنہہ کنہِ اِستادٕ۔ کمے کینٛہہ کتھا باتھا کرِتھ تہٕ اَمِس وُچھتھ بیوٗٹھ بادشاہَس زِ یہِ نفر چھُنہٕ کانٛہہ معموٗلی شخص تہٕ لہٰذا ووٗنُس پننہِ کورِہنز ییژھہِ ہُند تہٕ بیٚیہِ یتہِ زِ مےٚ چھُ پانس تہِ یہِ خیال۔ ''ژےٚ چھیا قبوٗل زِ ژٕ بنکھ بادشاہ سُند داماد''؟۔

تمۍ دِتُس جواب ''بہٕ بنہٕ مگر میون آسہِ اَکھ شرط زِ یمہِ وِزِ بہٕ یژھہِ تمہِ وِزِ دِیو توٚہۍ مےٚ پننہِ مُلکہٕ منز نیرنُک اجازت''۔

بادشاہَن کوٚرُس وعدٕ امی ساعتہٕ دیُتن حُکم زِ محل خانس لرِ گرٕژھِ اکھ مکانہٕ

أمِس خاطرِ تیار یُن کرنہٕ تہٕ أمِس گرٛٹھن پلو، جواہرات تہٕ تھدِ پایِک کھسن چَن واتناونہٕ یِن۔ یِتھ ییہ پزٕ بتھ لحاظہٕ بادشاہ سُند زامتُر ہیوٚ آسہٕ تہٕ ملاموٗ ہُند پزٕ بتھ کانٛہہ وجہ گرٛھہِ نہٕ موجوٗد روزِن۔ یی سپُد تہٕ تہٕ جلدٕ ے لوگ سہٕ تمام لوٗکو تہٕ وزیرو تأ مُلکک اکھ بوٚڈ تہٕ گاٹُل شخص تسلیم کرُن تہٕ پننہٕ نس بادشاہ سُند زامتُر مأنن قبوٗل کرُن۔

کینٛہہ کأل سپُد کھاندر۔ سبٹھا شأدیانہٕ سپدی تھی کرنہٕ زانٛہہ تہٕ اَتھ شہرس منٛز نظرِ آسی گمتی۔ فِھا اوس خوٚشی ہتی بِرتھ تہٕ پزٕ بتھ کأنسہِ اوس پنٛن سارِوے کھوتہٕ رُت تہٕ مولُل پوشاک لوگمُت۔ غریبن تہٕ آےرِ تی پلو، رُت کھسن چَن تہٕ سبٹھا تحفہٕ دِنہٕ۔ پزٕ بتھ کأنسہِ ہنزِ زیوٚ پیٹھ آسی بادشاہ، ملکہ، مہرازٕ تہٕ مہرنہٕ ہندی تعریف تہٕ اَتہٕ اوس باسان زِ یِتھ ہیوٚ خوش تہٕ خوشحال آسہِ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ شہر۔

تہٕ تتھے ہکنہٕ رۄد معاملہٕ پکان۔ بادشاہس اوسنہٕ ییہ رِشتہٕ کرنک کانٛہہ تہٕ افسوٗس تکیازِ اُمی ہندِس زامترِ ہندِس علمس، دلٲیی تہٕ مقبوٗلیژ منٛز سپُد ہر بر۔ أمِس آسہٕ سارے زبأنی تگان، سبٹھے مُشکل سوالن اوس ہبکان حل کرِتھ تہٕ بیٚیہ اوس سبٹھا پاکباز تہٕ رُت۔ لیکن اوس خأرات دِوان تہٕ بیمارن تہٕ لاچارن ہندبن دادن اوس واتان صرف اوسُس نہٕ اَکُے چیز سہٕ اوس اُمی سُند دربارس منٛز بیہنس انکار۔

اکِہ دوہہ پرٛژھ أمِس زنانہِ امیک وجہ تہٕ پتہٕ وۄننس "ییہ ماچھ شۄبان زِ بادشاہ سُند زامتُر اَستھ روزکھ ژٕ اَتھ بڈِس اجلاسس منٛز ہمیشہٕ غأرحاضر۔ ژٕ آس ضرور منٛزی منٛزی گرٛھان تہٕ پزٕ بتھ موقس پیٹھ آس ژٕ ملکچ حکوٗمت چلاونس منٛز رژھ کھنڈ دلچسپی ہاوان۔ یِتھ چانہٕ آشنہٕ ہُند موٗل بادشاہ چھ ہاوان۔

شہزادن۔ یُس وۄنی تسلیم کرنہٕ آمُت شہزادٕ اوس۔ وۄنس یوٚر زِبہٕ چُھس
اکھ پیدأیشی شہزادٕ تہٕ میون مول اوس تمہِ کھوتہٕ تہٕ بڈٕس تہٕ زیادٕ طاقتور مُلکس
حُکمران۔۔ یتھ منٛز بہٕ وُنی کبس روزان چُھس۔ أمی وۄن تَس پتہٕ زِبہٕ کتھہٕ کٔرٕ
وۄتُس چأنس مالِٕ سندس مُلکس تہٕ بیٚیہٕ تہِ سأئلم یہِ أمِس ستی سپُد مُت اوس۔ امہِ
ہُر یمانہٕ وۄننس زِمےٚ کوتاہ چُھ دِل یڑھان زِ بہ گرٕھہٕ ہابیٚیہٕ اکہِ پھرِ پٔنن گرٕ تہٕ مأٖلِ
سندِس وطنس۔ تہِ گرِتھ تہِ چھےٚ مےٚ چانہِ نصیحٕ منٛز دلنأیی باسان تہٕ کوٗرنس وعدٕ زِ یمہٕ
پیور آسہٕ بہٕ دربارس منٛز حأضر سپدان۔ لہذا اوس دۄیمہِ دوہہٕ صُبحس شہزادٕ پٔنن
سارِوے کھوتہٕ رُت لباس لأگِتھ دربارس منٛز مۄجود تہٕ اوس سبٹھےٚ رُت تہٕ
خوبصورت باسان۔ بادشاہ سپُد پٔنن زامُتر وُچھتھ سبٹھا خوش تہٕ بیہنووُن عزتہٕ کٔس
مسندس تہٕ مُلکہِ کِمن مۄجوٗدٕ کرِتھن مسلن مُتعلق پرٛزُھن أمِس خاص پأٹھی
مشورٕ۔ یہِ سِلسلہٕ روٗد چلان۔ شہزادٕ اوس دوہے دربارس منٛز گرٕھان تہٕ پرٛتھ معاملس
منٛز اوس سبٹھا رِتی پأٹھی تہٕ دلنأیی سان پٔنن ووٗ ہار ہاوان۔ یُتھ زِ بادشاہَس اوس یہِ پتہٕ
نِس بیٚیس کأنسہِ تہِ نیٚچوس کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ تہٕ خاص گرِتھ یێلہِ تمی پننہِ کورِنشہِ یہِ بوٗز زِ یہٕ
چُھ پانہٕ تہٕ اکھ بارتہٕ شہزادٕ اوسمُت مگر أمِس اوس بےرحمی کٔرٕ مُلک ترٛاوُن پیوٚمُت تہٕ
أکِس وۄپر مُلکس منٛز ژوچہِ کھنجن باپت پٔنچھن پیوٚمُت۔ بادشاہ سندِس تو جہس تہٕ محبتس
اوسنہٕ پتہٕ کانٛہہ حدے یێلہِ تمِس یہِ واضح پأٹھی ننیاوتہٕ یقین سپُد زِ أمی سُند یہِ ٹوٹھ زامُتر
چُھ پیدأیشی رُت۔ کرٕ وُنی أمِس پٔننی سأری نجی معاملہٕ تہٕ سأری اندروٗنی مُلکی
مُشکلات۔ پرٛتھ معاملس منٛز اوس بادشاہ أمِس مشورٕ ہیوٚان تہٕ پرٛتھ وِزِ اوس أمِس

پانسے نِش تھاوُن یژھان۔

"ژِ بنیو کھ وۄنۍ میون خاص ضرورت۔ میانہِ گوبرٕ أمؠ وۄنُس اکہِ دوہہٕ۔
"پننہٕ ژِ سوچِکھ زِ بہٕ کیاہ چھسے ژےٚ امہِ کنۍ تعریف کران زِ ژِ گوژھکھ نہٕ زانہہ مےٚ
ترٛأوتھ نیرُن۔ ژِ یُس تہِ چیز یژھان آسکھ تہِ منگ تہٕ ژےٚ گژھی سُہ چیز یتی حاصِل
سپدُن۔

وۄنۍ ییلہِ بادشاہٕ سند بن باقٕی زامتر بن تہٕ نچوس یہِ باسُن ہیوٚتُن زِ بادشاہ
چھُ نٔوس شہزادس زیادٕ لول بران تہٕ أمِس ورأے چھنہٕ کُنہ تہِ نیران یا حرکت تہِ
کران۔ تِمن گو وحسد پأدٕ تہٕ لأجکھ رٔلتھ ژدیہِ کرنہِ زِ أسۍ کتھہٕ کنۍ دۄراوون یہِ
بادشاہٕ سنز ومہربأنیو نِشہِ۔ تِمن اوس نہٕ پتاہ زِ یہِ چھُ اکھ پیدأیشی شہزادٕ تہٕ یہِ کیاہ آسہِ تیر
انٛدأزی منٛز مأہر۔ بلکہِ اوسُکھ یہِ خیال زِ یہِ چھُ باغوانہٕ کوٚٹ ییمہِ کنۍ أمِس تیرکمانہِ
ہنٛدِ ورتاوُک تہٕ وحشی جانورن ہند بن عادتن ہُند کہنٛژِ تہِ پتاہ آسہِ نہٕ۔ لہٰذا اوۄن تِمو
بادشاہس زِ أسۍ گژھو شِکارس تہٕ یہِ شہزادٕ تہِ گوٚژھ اَسہِ سٟتۍ یُن۔ بادشاہن دِتکھ
اجازت تہٕ پننہِ نِس ٹاٹھس زامترِس وۄنُن زِ بہٕ چھُس یژھان زِ ژِ تہِ گوژھ شِکارس۔
شہزادن وۄنُس زِ یتھ منٛز بادشاہٕ سنز خوٚشی چھےٚ تتھ چھُس بہٕ تابع۔ مگر پننہِ نِس ہیمہِ
بابس نِشہِ نیرنہٕ وِزِ دیُت أمؠ یہِ باس زِ یہِ گوو پٔژن گرٕ۔ یہِ بٔناو باقٕی شہزادن ہنٛدِ
خأطرٕ اصل اَسن مصالحہ تہٕ فورن لوگُکھ اکھأ کس گن وَنن "ہو کیاہ گوو باغوان کوٚٹ
پٔژن گرٕ۔ یہِ کتہٕ ہیکہِ گُرِس کھستھ یا شِکار کٔرتھ۔ اوہو۔ اوہواَسہِ کیُت أشناولتہٕ بٔیہِ چھُ
بادشاہ سُند تہِ پیوُر۔ تِتھہٕ کنۍ رۄدۍ أمِس ییم ٹأنہٕ ژٹان تہٕ آخرگے بادشاہس نِش تہٕ

وۄنہس دِیِتھس توہہِ اَسہِ ستی گرٕھنہٕ خاطرٕ وۄنویعنے تھند ٹوٹھ زامترٕ ی لالہ، تِمس پیٹھ توہہِ بھروسہٕ چھوگرٕھہِ پزِ ی کنی لوکٕٹہِ پایہِ گےٚ آسُن تِکیازِ سہ چھ شِکارس گرٕھنہٕ نشہٕ لوٚبےٚ ہوان۔ تہٕ جانٕہ چھ کران۔ شاید آسبس یہ پتاہ زِ سہ ہیکہِ نہٕ اتھ منز دھہِ نتھ۔ یتھہٕ کنی تمو پنٕنی کنی کوٗشش کرٕ زِ تم پھرن بادشاہ سُند سوچ اَمی سندِس ٹاٹھس زامترس خلاف۔

مگر یتھ خیالس ستی ستی زِ تھند یہ بیمہ تہٕ ساجو ہیکہِ نہٕ گرِس تہٕ کھستھ تہٕ گرٕی ساپیسس اوسکھ گوڈے ونتھ تھوومُت زِ ہر گاہ شہزادِ اَسہِ ستی شکارس آدیہٕ چھ تیلہ فلانی پاگل مادِیانہِ کھالُن یوسہٕ زَن گرٕی گانن منز الگ اَس تھاونہٕ یِوان تہٕ تِمس نہٕ از تانی کانہہ نفر سوارِ اوس کھستھ ہیوٚ کمُت۔ وۄں گو وتمن تِمس بیمہٕ تہٕ ساجو سُند حسد اوس سہ اوس اکھ زبردست گرٕی سوار تہٕ۔ ژھوٚڈی پاٹھی ونو زِ سہ اوسنہٕ کانہہ چیز اہ یتھ منز نہٕ سہ ماہر اوس لہذا اییلہِ سہ گرٕ اوس گومُت تہٕ اوسُس پننہِ آشنہِ پننہِ اِزادُک وۄنمت تہٕ پۄز پاٹھن اوسُن سامانہٕ گوٚ نڈمُت۔ سہ گو شاہی اصطبلس منز تہٕ اَتہِ گرٕ منگنس پیٹھ آو اَمِس وَننہٕ زِ وُنی کینہہ چھےٚ صرف پاگل گرٕ دستیاب۔ باقے ساری گرٕی چھ کانسہِ نتہٕ کانسہِ شاہی خاندانہٕ کِس نفرٕ سندی تہٕ وُنی آسن یمن ضرورت تِکیازِ پزِ بتھ کانسہِ چھ شِکارس نیرُن۔ مگر شاہزادن بوٚ رنہٕ پَرواے زِ تِمس کس گرِس چھ کھسُن صِرف یہِ زِ گرٕ گوٚ ژھ دوٚ رتہٕ تیز رفتار آسُن لہذا کھوٚت سہ کُنہِ ہلہٕ ڈلہِ ورأے اَمِس پاگل مادِیانہِ۔ یہِ چھ اندازے زِ مادیانہٕ سپٕز شہزادٕ سند (سوار سپدنکہ) خیالے وارے پاگل۔ تِمس اوس نہٕ امہِ بروٗنہہ کانہہ سوار سپدِ مُت تہٕ تَس اوسنہٕ وۄنی یہِ باسان زِ کانہہ

کیاہ ہیکہِ اُمس سوار سپد تھ۔لہٰذا نمیہِ سوبوٗن گن تہٕ پتہٕ ؤڑھ بوٗھن پتھ تھوٗد۔پتہٕ لوٗگن پتہٕ پتہٕ پکُن۔پتہٕ تجن دوٹہٕ تہٕ پتہٕ بیٚیہِ کینٛہہ ژھل ورتاوِتھ یم شہزادس پوٗر پاٗٹھی ویڈی اُسی دژایہِ سو چھیکرس جنگل گن تیوٗت تیز زِ باسان اوس اُمس چھِ مُشکل نےٚ پڈرتہِ پتھرِس ہتی لگان۔شہزادِ اوس پننہِ جایہِ پہاڑ کہ ہوی پاٗٹھی زنتہٕ لگِتھ گوٗمت تہٕ سبٹھا تیز دوت۔جنگلہِ کِس تتھ حصس منٛز یتہٕ جنگلی جانورونہٕ پاٗٹھی روزان اُسی۔پوٗختہٕ شِکاٗری آسنہٕ کِنی کڈی اُمی ؤلی ؤلی پہندی ماتھ بدٕ تہٕ موٗرن اکھ شال،اکھ ہاپُت تہٕ اکھ ہہہ۔کاٗنسہِ ہندِ تھچھ کرنہٕ وراٗے ہیکن نہٕ یم پانس ہتی تُلِتھ لہٰذا ژوٗٹُن شالس لوٗٹ،ہاپتس نَس تہٕ ہہس گن تہٕ دژ اواتہٕ۔

وژنی یم باقےٕ شہزادِ اُسی تِمن باسیاو زِ (بادشاہ سُند) ٹوٗٹھ شہزادِ گووگر لہٰذا دژاے نہٕ تِم سُلہِ تہٕ پتہٕ یمہِ وِزِ دژاے تہٕ گےٚ بیٚیہِ وَتہٕ شِکار کرنچہِ جایہِ۔اوٗت واتِتھ وُچھ یِموٗ تِمن ترٛن جانورن ہنٛز لاشہِ یم ماٗرِتھ بیاکھ شہزادِ واپس اوس دژ امُت۔ پانہٕ ییٚلہِ نہٕ یِمن کانٛہہ جانور امارنس منٛز کامیاٗبی سپز یِموٗ دیُت حُکم زِ یِیے ترِٛے موٗتی جانور گرِٛھن بادشاہَس نِش واتناونہٕ تہٕ پیش کرنہٕ تہٕ زنتہٕ یم یِموٗ ے ماٗری ہتی اُسی۔

گرِ واتِتھ پرٛژھ (بادشاہ سندِس) ٹاٹھس شہزادس زنانہٕ زِ ژٕ کیاز آکھ یوٗت جلد واپَس۔تمہِ وژنُس "شاید ما گوکھے نہٕ ژٕ شِکارس" مگر اُمی کوٚڈ چندٕ منٛز شالہِ لوٗٹ،ہاپت نَس تہٕ ہہہ گن تہٕ ہاوِن تِمس تہٕ وژنُس زِ اُمی ترِٛ اُوی یم ماٗری ہتی جانورتی تِکیاز زِمےٚ اوس نہٕ یِمن تُلنہٕ خاطرِ کانٛہہ نفرٕ ہتی۔

شامس واتِتھ یو باقےٕ شاہی شکاٗری جماعت پانس ہتی شال،ہاپُت تہٕ ہہہ

سۊزٕ لاشہٕ ہیتھ واپس۔ دۊیمہٕ دوہہٕ دربارلگنہٕ بروٚنٹھے پٮ۪ٹھ پرٛژھ یمَن بادشاہَن زِ تۄہہ کیاہ شکار کۆر رٕ راتھ۔ حسدی شہزادو وۊنُس ؤلی ؤلی جواب۔ "اَسہِ مورا اکھ شال، اکھ ہاپُت تہٕ اکھ ہہہ تہٕ ہیٚمزٕ لاشہِ نیٚبرٕ کنہٕ صحنس منٛز تہندِس معاینس پرٛاران چھے۔ اَسہِ چھنہٕ باسان زِ وُنی کٲنسہِ کیاہ چھ جنگلس منٛز یمو ہُر یمانہٕ کانٛہہ جانور۔

بادشاہ اوس وُچھان زِ اَمی سندی پیارٕ شہزادن کرٕ نہٕ کانٛہہ کتھاہ کالہِ یمہٕ ہُزل اَمِس یمو بارنو گرٕی تمہِ کِنہٕ اوس خاص پأٹھی یہِ زانُن یژھان زِ یہِ اوسا شکارس گوٚمُت زِکنہٕ نہٕ تہٕ ہرگا گوٚمُت اوس اَمِس اَسا کانٛہہ کامیأبی سپزٕ مژ۔ لہٰذا پھیرٕ رٕنہ اَمِس کُن تہٕ وۊنُس "ژٕ وَن پنٕنہٕ شکارٕچ خبرا؟" اَتھ پیٹھ دِتُس بے زامترِ جواب "اوہ بادشاہ صأب اَمِس مہٕ پرٛژھو۔ یہِ ما اوس زانٛہہ شِکارس دژامتُ لہٰذا گودیہ گرِ۔ وۊنی مہٕ کرِو اَتھ پیٹھ گتھے یہِ گرٕ شہِ وۊنی وارے جٔجل"۔

وۊنی اوس اَمِس ٹأٹھِس زامترِ سندِس وبقارس یمو ٹاس ترٕ وومُت تہٕ یمو اَپز دِ گتھو کِنہٕ اوسُس شرارت کھوٚتمُت۔ وۊں گووسُہ پرٛاریاو توٚت تانی یوٚت تاز باقیو تہٕ سأیلم ؤنتھ موکلو یہِ تمن وَتُن اوس تہٕ پتہٕ یمَن کُن حقارتہٕ سان نظرا کرِتھ وۊنُن "بادشاہ صأب بہٕ تہِ گوس شِکارس مگر گنے زۊن تہٕ ترٛے جانور آے نے دردست اکھ شال، اکھ ہاپُت تہٕ اکھ ہہہ"

ییٚلہِ باقے زامترٕ یہِ بوٗزتھ گئے حأران خاص کرِتھ امہِ کِنہٕ زِ یمہٕ ترٛے جانور لاشہِ یمو پانس ستی اَنتھ بادشاہس بروٚنٹھ کُن یہِ ؤنتھ ترٕ اوِمژ آسہِ زِ یمہٕ جانور اَسی یمو ے شِکار کرٕی ہتی۔ وۊنی کیاہ کرٕہَن یمَ؟ تمہِ کتھہٕ کِنہٕ کرٕہَن وۊنی بادشاہس

تِمن کتھن پیٹھ مطمئن یِمہٕ تِمو اَپُز ے میز ے وَنہِ مژٕ آسہِ ۔لہٰذا کھوٚت یِمن وارے زَہرتہٕ قسم کرٕ کری وۄنکھ زِشہزادِ چھ اَپُز ونان تِکیاز تِمو وُچھ سُہ پانہٕ کالہٕ دربارٕ مَنز نِیرتھ سیوٚ دُے پَتُن گرٕ اژان ۔تہٕ باقٕے ذٕرکی یوٚکنہ تہِ ننیاویمن زِیہ اوسنہٕ پَتہٕ صحس تام اندرٕ نیٚبرٕ ے درٕ امُت ۔

شہزادٕ رۄ دتوٚت تاؤ بیٚیہٕ ژھوپہ کرِتھ پژاران یوٚت تاؤ یمو پَننہ جواب دۄ تہٕ پَتہٕ کوٚرن بادشاہس درخاس زِمےٚ دِی تو کانہہ نوکر گرٕ سوزُنک اجازت۔یتھ سُہ تہِ اکھ گوٚڑ رانہِ ۔یتھ مَنز مۄجود نِیال اُکی سنزِ کتھِ صحیح ثابت دِن کرِتھ۔امہِ کتھہِ ستی گیہ تِژھ حارانگیا پاۄدٕ یِژھ نہٕ زانہہ گمژٕ ے آسہِ ۔اکھ لوکٹ گوٚڑ ریہ اَننہٕ تہٕ تمے کٕر گژھہِ یہِ معاملہٕ ثابت !وۄنی ہیوٚتن بادشاہس تہِ پننہٕ نِس پیاٗرِس زامترٕ کی سنزِ دِمباغی حالژ پیٹھ شک گژھن ۔تِمی سۄنچ زِ ''زیادٕ علم پژاوِتھ چھ اُمس دِماغے ڈۄلمت'' وۄ ن گووباقٕے عمومی کتھو علاوٕ کرِ نہٕ نوکرٕ سندِس پنس تاؤ کانٛسہِ اَتھ متعلق کانہہ کتھ تہٕ سُہ تہِ پہو جلدٕ ے واٗتتھ تِکیاز تِمی سُند گرٕ تہِ اوس شاہی دربارس نکھے۔اَتھ گوٚڑرِ منز اوس شالہٕ لوٚٹ ،ہاپت نَس تہٕ سہہ کن ۔تہٕ یِیلہِ بادشاہن یِم وُچھنہٕ خاطرٕ نیٚبر کڈٕ تہٕ شہزادن وۄن ''وُچھو،بادشاہ صاٗب،وُچھوسا بایوٚ یہِ شالہٕ سُند لوٚٹ،یہِ ہاپتہٕ سنز نَس تہِ یہِ سہہ سُند کن یِم مےٚ راتھ شاہی خاندان خاطرٕ مخصوص شکارگاہس منز شکارکرٕ مگر یِم مےٚ پَتہٕ تُتی تژ اۄ دی تِکیاز یِہ اوسُس کُنے زوٚن تہٕ تو ے ہیوٚکس نہٕ بادشاہ سلامت تہٕ توہہِ حضراتن ہِنٛدِ معاینہٕ خاطرٕ یِم پانس ستی اَنِتھ ۔تہٕ پتہٕ وُچھو زِ یِم تہِ نِیال توہہِ بروٚنہہ کنہِ چھ تِم چھ یِمنے تژبن جانورن ہِندی یِم میانو بایو راتھ شامس پانس ستی اۄنی

تہٕ توہہِ باسیوٗ وزِیم چھ یموٕ ے مأری ٕتۍ۔ بادشاہ سلامت تہٕ چھنہٕ حقیقت ٔبلکہٕ یموکوٚر یہٕ پننہٕ حسدٕ تہٕ دِل کہِ کھوچرٕ ۍکنۍ زِبہٕ گوٚڈٕھس پننہٕ درجہ بوٚن وُسن ہتھ زِ بادشاہ سلامت ہنزٕ مہربأنیہٕ یمن میلن۔ ہرگا توٚہۍ صحنس کُن ہِکتھ تمن ترٕبن جانورن ہنزٕ لاشہٕ وُچھو یمہٕ تتہٕ پیتھ چھےٚ تہٕ توٚہۍ وُچھو پانے زِیہِ کینژٕ ھابہٕ ونان چھُس تہٕ چھُ پوٚزتہٕ میٲنۍ یِم بأے ہِ چھ اُپزٕ ونان"۔

بادشاہ ووٗتھ فورن تہٕ گو وأرِ ہندے وَننہٕ مطأبِق صحنس منٛز تہٕ وُچھتوشال اوس أتی مکرلٹِہ ورأ ے۔ ہاپُت تہِ اوس أتی مکرنس ژٕ ٹھتہٕ ہِہہ تِہ اوس أتی مکرٕتمس اوس اَکے کُن۔ اَتھ اوس یہٕ شاہزادٕ ہندِ پزِی یورآسنک ٹاکارٕ ثبوٗت تہٕ بادشاہ سپُد یہٕ زأنتھ ہتھ حدس تانۍ سیٹھا خوش زِ أمی اوسنہٕ ٔبلی أمِس پیٹھ بھروسہٕ کوٚر مُت زِتِس گود تقریبن یہٕ مُشتھے زِسہ کرِہے باتٕے شہزادن تہٕ دربارس منٛز امہِ وِزِ ہتھ نفرن تہنٛزٕ کمینہٕ گی تہٕ اُپزٕس وہٕ ہارس پیٹھ بوأری۔

اَمِہ پتہٕ ورتو و بادشاہن أمِس ہتۍ تیٚتھ خاص محبت ہتھنہٕ زانہہ وُچھنہٕ اوس آمُت تہٕ پتہٕ گو وہِتہٕ طے زِ بادشاہس پتہٕ بیٚہہ یہو ے ٹوٚٹھ شہزادٕ تختس ییٚلہِ زن باقٕے شہزادن لوکٹن موکٹن جأگیرن تہٕ دفترن ہُند وعدٕ آو کرنہٕ۔ وراثت کہِ امہٕ حتمی بندوبست پتہٕ کِہے کألی ہیوٚتُن شہزادس پنُن وطن تہٕ پننہٕ نِس مأٲلِس نِش گوھنہٕ خأطرٕ سخت پھیرُن تہٕ ووٗنُن یہِ بادشاہَس۔ یِتہِ کوٚرنس وعدٕ زِ پننی یہٕ خأہش پوٗرٕ کرِتھ یمہٕ بہٕ واپَس۔ بادشاہَس ہیوٗ یہٕ بوٗزِتھ غم تہٕ کوٚرُن شہزادس زور زِ ژٕ متہٕ گژھتہٕ ٔبلکہ سوزُکھ کینٛشہہ نفر یِم ژٕ ے مأٲلی ہنزٕ ،لوٗکن ہنزٕ تہٕ مُلکہِ کینٛن معاملن ہنزٕ شیٚچھ خبرأ نے۔ مگر شہزادٕ تہٕ

رؤ دپنہٕ خاہشہٕ پٹھ تیٚتھ اِصرار کران زِ اٚخرس آس بادشاہ سٕندِ طرفہٕ اجازت دِنہٕ۔ گرٕ داٚتتھ وۄن اٚمی پنٕنہٕ آشنہٕ اَتھ سفرس مُتعلق تہٕ وۄنس ژٕ ہے زبنہٕ کانٛہہ غم تہٕ نہٕ کھۄژی زِ تکیاٚ زِ بہٕ ییہ جل چلے واپَس تہٕ ژٕ بوزکھ نہٕ بادشاہ تہٕ ملکانہٕ ہُند کہنی۔ یتھ اوس تمس اٚمی سُند محبت۔

"یۄت ژٕ گژھکھ بَتہٕ گژھہٕ تۄری" تمہٕ دِژ کربکہٕ "بہٕ تراوتھ نہٕ ژٕ ہرگز۔ پتہٕ سختی یِی تن یا سہوٗلیت۔ بہٕ روزٕ ژٕ ے ستی۔ بہٕ چھس صرف چانہٕ ستی زِندٕ۔" تہٕ پتہٕ سپُد یہٕ طے زِ یمہٕ دۄشوے گژھَن۔

شہزادِ سُند وطن اوس سٹھا دۄر تہٕ اور گژھنہٕ خاطرٕ اوس سمندرس ضروری ترٛن۔ تہٕ کرِتھ تہٕ ہیۄت نہٕ یمو دۄیو اٚژوامہٕ وجہ کنہ اور گژھنہٕ نِشہٕ پتھ حالانکہٕ شہزادِ اوس امہٕ بروٚنہہ اکہٕ پھرِ آبس پھٹُن تہٕ ہیۄتمت تہٕ بیٚیہ اٚسس جہاز تباہ گژھنہٕ کنہ گوڈنیچ زنانہٕ تہٕ راٚوٕمٕژ۔ تہٕ شاہزادِ اوس سمندرٕک سخت خوف۔ اَتھ مُلکس یۄت ییم گژھن اٚسی یژھان تۄت جلدٕ ے نیرن واٚلس اٚکس جہازس منٛز گژھنکھ کۄریمو انتظام تہٕ سٹھا منصوبہٕ تہٕ وۄمید ہیتھ گے ییم جہازس پٹھ سوار۔

یہٕ چھنہٕ ضروری زِ بیٚیہ جہاز چہٕ تباٚہیہ ہُند ییہ حال بیان کرنہٕ تکیاٚ زِ یتہٕ چھ افسوٗسازِ جہازٕ اوسنہٕ وُنہٕ پنہٕ نِس سفرس پٹھ زیادٕ دۄر دژ اُمت زِ سُہ وۄل ظاٚلم لہر وتہٕ شہزادِ، شہزاٚدک تہٕ باقے ساری مُساٚفر تہٕ جہازٕک عملہٕ آے آبس منٛز وُکراونہٕ۔ یہٕ اوس اکھ کرۄٹھ وقت تہٕ نہٕ اوس کینٛہہ اٚچھو ستی اتھہٕ یوان تہٕ نہ کنۄ ستی کینٛہہ بوزنہٕ یوان تکیاٚ زِ یتہٕ اوس راٚژھ ہُند اَنہٕ گۄٹ تہٕ لہرن ہُند شور شر۔ پرٛبتھ کانٛسہٕ اوس الگ الگ

پأٹھۍ باسان زِبہٕ مۆدُس تہٕ کاثہہ کربم نہٕ ماتم تہِ۔ خأر چھیکرس نتیاوِیہِ زِ جہازس منزٕ یم تہِ سوار أسۍ تِموٚ منزٕ أسۍ صِرف زٕ نفر بچیمتۍ تہٕ یم زٕ أسۍ اکھ شہزادٕ تہٕ بیا کھأمۍ سنزٕ مأرٕ زنانہٕ۔ برابر تِتھے پأٹھۍ یِہ زَن شہزادس تہٕ تِمۍ سنزِ آشنہِ سِتۍ اَمہِ بروٚنٹھہ سپُد مُت اوس۔ یِمن دوشوٕنۍ أس تِتھے پأٹھۍ تباہ گمتہِ جہازکین دۆن بیٚون لُکرِ ٹکرن تھپھ آمٕژ تہٕ أسۍ دۆن دۆرِ دۆرِ جاین آبن پأنس سِتۍ پکنأوِتھ ترٚ أوِی متۍ۔

شہزأدی أس آبن تِتھۍ جایہِ واتنأومٕژ یوٚت اَمۍ سِندِس خانہٕ دارٕ سنزٕ گوڈنچ آشنۍ واتنأومٕژ أسن۔ سو تہِ ژأیہِ تَتھ بے پھل تہٕ پھُلیہِ رۆس باغس منزٕ تہٕ اَتہِ پتھر بہتھ ہیوٚتُن لٔہرِ وَدُن۔ تہٕ وُچھتو وۆنۍ یُتھے سو باغس منزٕ ژأیہِ پوشہٕ ٹۆرۍ ہیٚتِن بٔڈٕنۍ تہٕ ہُرٕنۍ تہٕ گُلکن ہیٚژٕن لنجہِ نیرنہِ۔ یِیلہِ بوڈ باغوان دۆیمہِ دۆہہٕ صُبحس دوہدِشکۍ پأٹھۍ باغس نظرِ آوسہٕ گوو سیٹھا نۆوۍ بامَن وُچھتھ حأران تہٕ اندازٕ اوس باسان زِ گُلکن نیرِ موٚتہٕ تہٕ کاڈٕ تہِ کڈٕن۔ تِمۍ کٔر اَمہِ دۆہہٕ لوکٹین باغوانن چھُٹۍ تہٕ فورن گوو بادشاہَس یِہ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطرٕ۔

بادشاہ سپُد خداصأبنہِ باغس برکت کرنچہِ امہِ بیٚیہِ نشأنیہِ سِتۍ خوش تہٕ باغوانس دِژن سیٹھا بوڈ انعامہٕ۔ أتھۍ خوٚشی منزٕ گوو باغوان واپس باغس منزٕ یُتھ زِ یِہ وارٕ دُچھہ ہے زِ تسنزٕ نے أچھن ما اوس دھوکہٕ لوٚگمُت تہٕ اۆت وأتِتھ وُچھِن اَتہِ بیاکھ زنانہٕ باغس منزٕ بہتھ تہٕ أمۍ سِندۍ پھِرۍ پھِرۍ نرمی سان پرٕژھہٕ گأرکرنہٕ باوجوٗد ژھوٚپہ گٔرۍ تِتھے اۆش ہاران۔ تِمۍ سوٚنچ پانہٕ سے سِتۍ "یِہ چھُ عجیبے یِیلہِ گوڈنچ زنانہٕ یورآیہِ گُلکن تہٕ زنڈن پھٹۍ بامَن تہٕ وۆنۍ یِیلہِ یِہ دۆیم زنانہٕ وأتِتھ پٔیہِ تہٕ پوشہٕ ٹۆرۍ ہُرے

تہٕ بڈے، گُلبن دژ ایہِ لنجہِ تہٕ بیٖیہِ گۓ تھدی تہٕ موٗٹی۔ شاید گوٚڈٕن یِم سبٹھا پاکباز زنانہٕ آسنہِ توے تہِ ہیٚرٕن باغس برگت سپدنی تہٕ اوے آسُن نہٕ یِمہِ مےٚ ہِتی تہِ گتھ کران۔ یہِ گتھ وَننہٕ خاطرٕ گو وسہ امہِ دوہہٕ دوٚیمہِ پھِرِ بادشاہس نِش۔ بادشاہ سپُد یہِ بوٗزِتھ خوش تہٕ فورن ووٚنُن اَکِس خدادوستس زِ ژٕ گژھ تہٕ یِمن زنانن ہِتی کرِ گتھ تہٕ ہرگاہ ممکن سپدی تہٕ تِہندی سأری حالات کر معلوٗم۔ مگر اَمس خدادوستس تہِ دژ لیہٕ تہٕ یِمن نِشہِ کانٛہہ گتھ تہٕ ووٚنُن بادشاہس زِ باغوانن یہِ کینژھا یِمن متعلق قیاس کوٚرتہِ چھُ صحیح لہٰذا اِدیُن ہدایت زِ یِمن گژھہِ دوہدِش مُنأسِب کھٔمن یُن فراہم کرنہٕ۔ نتہٕ گژھہِ خداصأب ناراض تہٕ باغ ہیٚیہِ بروٚنٛٹھی ہےٚ پأٹھی ہوٚکھن۔ تتھہٕ کٔرٕ اوس ووٚنی محل خانہٕ پیٹھہٕ دوہے کھٔمن یِوان سوزنہٕ تہٕ باقے رنگو تہِ اوس یِمن ازأنی زنانن رٕتی پأٹھی وأتنہٕ گرنہٕ یِوان۔

یہِ زن وننہٕ آو یِہُند خانہٕ دار یعنے شہزادٕ ووت کتھ تانی بدل جایہِ یُس اکھ سبٹھا بوٚڈ تہٕ شاندار شہر اوس۔ شہرکِہ بازرٕ منٛزی پکان وُچھ اَمی اکھ وِدوان پنڈت اَکِس بایأری ہِندِس وانس منٛز زورٕ زورٕ شاستر پران تہٕ واریاہ لوٗکھ اَسی اَتہِ سمتھ یِم مقدس لفظ تہٕ یِہُند تشریح بوزان۔ سُہ تہِ بیوٗٹھ یِمنے ہِتی تہٕ ییلِہ سُہ پرٕتھ موکلیاو تہٕ لوٗکھ اورٕ یورٕ دژاے سُہ رُو دأتی تھپے بایأری ہِندِس وانس پتٕ کِنی۔ بایأری ییلہِ راتس خاطرٕ وان بنٛد اوٚن لوگ تہٕ یہِ ازأنی نفر وُچھن اَتی۔ اَمس ہِتی گتھ کرِتھ پرٕژھنس زِ ژٕ کُس چھُکھ۔ اَمی دِیُس جواب:۔

پأٹھی باسان زِبۂ مؤدُس تہٕ کاثہہ کرہم نۂ ماتم تہٕ۔ خأر چھیکرِس ننیاویہ زِ جہازس منزٕ یم تہٕ سوار أسی تِمو منزٕ أسی صِرف زِ نفر بچیمتی تہٕ یم زِ أسی اکھ شہزادِ تہٕ بیا کھأ ی سنز مأری منز زنانہٕ۔ برابر تِتھے پأٹھی یہِ زَن شہزادس تہٕ تمی سنزِ آشنہِ ستی امہِ بروٗنہہ سپدمُت اوس۔ یمن دوشوٕنی أس تِتھے پأٹھی تباہ گمتہِ جہازکین دوٗن بیوٚن بیوٚن لکرِ ٹکرن تھپھ آمژ تہٕ أسی دوٗن دوٗر دوٗر جایِن آبن پأنس ستی پکنأوتھ تر أودی متی۔

شہزأدی أس آبن تھی جایہِ واتنأومژ یوٚت امی سندِس خانہٕ دار سنز گوڈنچ آشنی واتنأومژ أسن۔ سو تہِ ژایہِ تتھ بے پھل تہٕ پھُلیہِ روٗس باغس منزٕ تہٕ اَتہِ پتہٕ بہتھ ہیوٚتُن لہر وَدُن۔ تہٕ وُچھتو ووٗنی یتھے سو باغس منزٕ ژایہِ پوشہٕ ٹوٗری ہیٚتِن بڈٕنی تہٕ ہُرٕنی تہٕ گُلشن ہیٚرِن لنجہِ نیر نہِ۔ یِیلہِ بوڈ باغوان دوٗیمہِ دوہہٕ صُبحس دوہد شکی پأٹھی باغس نظرِ آوسہٕ گو وسبٹھا ئوی بامَن وُچھتھ حأران تہٕ اندازٕ اوس باسان زِ گُلشن نیرِ موٕ تہٕ کاڈتہِ کڈن۔ تمی کرامہِ دوہہٕ لوکٹین باغوانن چھٹی تہٕ فورن گوو بادشاہس یہِ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطرٕ۔

بادشاہ سپُد خداصأبنہِ باغس برکت کرنچہِ امہِ بیٚیہِ نشأنیہِ ستی خوش تہٕ باغوانس دِتُن سبٹھا بوڈ انعامہِ۔ أتھی خوٚشی منزٕ گوو باغوان واپس باغس منزٕ یتھ زِ یہِ وارِ وُچھہ ہے زِ یسنز نیٚ أچھن ماوس دھوکہٕ لوٚ گمُت تہٕ اوٚت وأتِتھ وُچھِن اَتہِ بیا کھے زنانا باغس منزٕ بہتھ تہٕ أمی سندی پھری پھری نرمی سان پرٕژھہٕ گأر کرنہٕ باوجوٗد ژھوٚپہٕ گری تھے اوٗش ہاران۔ تمی سوٗنچ پانہٕ سے ستی " یہِ چُھ عجیبے یِیلہِ گوڈنچ زنانہٕ یورآیہٕ گُلشن تہٕ زنڈن پھٹی بامَن تہٕ ووٗنی یِیلہِ یہِ دوٗیم زنانہِ وأتِتھ بیٚیہِ تہٕ پوشہٕ ٹوٗری ہرے

تہٕ بڑے، گُلبن دژ ایہِ لنجہٕ تہٕ ہیٚیہِ گۓ تھدی تہٕ موٚلی۔ شاید گرٛھن یم سبٹھا پاکباز زنانہٕ آسنہٕ توے تہٕ ہیٚرٛن باغس برگت سپدنی تہٕ اوے آمُتن نہٕ یمہٕ مےٚ ہتی تہٕ گتھ کران۔ یہِ گتھ وَننہٕ خاطرٕ گو وسہ امہِ دوہہٕ دوٚیمہِ پھرِ بادشاہس نش۔ بادشاہ سپُد یہِ بوٗزِتھ خوش تہٕ فورن ووٗنُن اَکِس خدادوستس زِ ژٕ گژھ تہٕ یمن زنانن ہتی گرٛگتھ تہٕ ہرگاممکن سپدی تہٕ تہندی سأری حالات کرمعلوٗم۔ مگر اَمِس خدادوستس تہٕ دژلیہ نہٕ یمن نشہِ کانْہہ گتھ تہٕ ووٗنُن بادشاہس زِ باغوانن یہِ کینژھا یمن متعلق قیاس کوٗرتہِ چھُ صحیح لہٰذا دِتُن ہدایت زِ یمن گژھہِ دوہدش مُناسب کھین یُن فراہم کرنہٕ۔ نتہٕ گژھہِ خداصاٲب ناراض تہٕ باغ ہیٚیہِ بروٗٹھی ہےٚ پأٹھی ہوٗکھن۔ یتھہٕ کنٕ اوس ووٗنی محل خانہٕ پٹھہٕ دوہے کھین یِوان سوزنہٕ تہٕ باقے رنگو تہٕ اوس یمن ازأنی زنانن رتی پأٹھی واتنہٕ کرنہٕ یِوان۔

یہِ زن وننہٕ آو یِہُند خانہٕ دار یعنے شہزادٕ ووت کتھ تانی بدل جایہ یُس اکھ سبٹھا بوٚڈ تہٕ شاندار شہر اوس۔ شہر کہِ بازرٕ منزٕ پکان وُچھ اَمی اکھ وِدوان پنڈت اَکِس باپأرِ سنِدِس وانس منز زورٕ زورٕ شاستر پران تہٕ وارِیہہ لوٗکھ أسی اَتہِ سمتھ یم مقدس لفظ تہٕ یِہُند تشریح بوزان۔ سُہ تہِ بیوٗٹھ یمنے ہتی تہٕ ییلہِ سُہ پرٕتھ موکلیاو تہٕ لوٗکھ اور یور دژاے سُہ روٗدأتی تھے باپأرِ سنِدِس وانس پتیٚ کنہِ۔ باپأر ییلہِ راتس خاطرٕ وان بڑاوُن لوگ تہٕ یہِ ازأنی نفر وُچھن اَتی۔ اَمِس ہتی گتھ کرِتھ پرٛژھنس زِ ژٕ کُس چھکھ۔ اَمی دِتُس جواب:۔

## I

کۆڈُس بدقسمتی چھوٚکنس بۂ گرٕ دۄر
پریشان دربدر گَتھ تانٛی شہارس
عقل عظمت مےٚ آیَم باگہِ برپۄر
تۂ نأیب سلطنت ہِکس کارٕ بارس

## II

فراٗقکی کٔنڈی ہێتن یامَتھ مےٚ سَنٛی
تمنا گوم وُچھہَکھ ٹأٹھی پٔنٛی
بۂ گرٛھۂ ہا گرٕ پَٔنُن ساتھاتۂ ونہکھ
مےٚ تقدیرس پھُلَے أنٛج نوبہارس

## III

ونٛیوم آشنی ژٕ روزُم انتظارس
صَبر رٔچھ رٔچھ ہِشلس منٛز نوبہارَس
جُدأیی سورِ سمکھو تا حیأتی
پَتو أخر چھُ اژنُے مرگذارس

## V

تۂ شاہس سون نیرُن اوس ماتم
جُدا اما کانٛہہ گرِتھ ہیوٚک لول باہم
دِلن سر مستیٚا لوٕچ پکان گٔے
وومیزو کاڈ کوٚڈ سأنٛس اَمارس

## VI

وۄں یامتھ سارِ سفرٕکی غم سپدی گَم
بۂ ڈیشن گرٕ پَٔنُن از چشمِ پُرنم
مےٚ آسَن ٹأٹھی سأری انتظارس
مَسرت باگہِ ہیٚیہِ پژٕبتھ دوسدارس

## VII

خدازانان چھُ پانٔے کیٚا کرُن جان
یوٚ ژُھن یامتھ تُلُن اکھ واوطۆفان
مقدر فان سَپدُن تتھ جہازس
بچاوُن توتہِ اوُسس کردگارس

IV

یہ بۆ زِتھ تورِ زن تمہِ کینْہہ نہٕ بۆ زُن

مےٚ وۆنم شۆبہِ لاٗگس بَس رضا روزُن

گرٛھکھ یوٚت توٚت بہٕ آسے ستی ستی

لَسو یکجا، اژو یکجا مزارس

تہٕ پتہٕ وۆنُن سبتھّے عاجِزی ؤتی پاٗٹھی بڑ وۆنہہ کُن

عرض یارا بہٕ کرہے تھاو منظوٗر

وَقت بُتھی پھیُر مےٚ سپُدم چھس بہٕ مجبوٗر

مےٚ اَتھہِ روٗٹ آیتن تھاوکھ اگر اَز

قدم ہردم وُچھکھ ثابت ژٕ یارس

باپاٗرِی سپُد امہِ کہاٗنی ستی وارِیاہ مُتاثِر تہٕ دِیُتنس وانس منز شۆنکنگ اجازت تہٕ وۆننس زِ بہٕ سوزے ژےٚ وُنی پننہِ گرِ کھمن چھن۔ لہٰذا شہر شہزادن وانس منزٕ ے پننہِ خاطرِ جایہِ رژھاتہٕ باپاٗری گو وپَرٛن گرِ روانہٕ تہٕ پننہٕ نِس نوکرس دِتُن حُکم زِ ژٕ گرکھنہٕ ہنا تیار تہٕ سو واتناو وانس منزٕ ٹھہرِتھ نفرس۔ دۆیمہِ دوہہ صُبحس روٗٹ سوداگرن یہ شہزادٕ مُلاٗزِم تہٕ سبتھّے عزت مند ورتاوٕ تہٕ مُناسِب تہٕ فوری مدد کرنہٕ کِس وعدس کوٚرن تصدیق۔ وارِ وارِ توٚر باپاٗرِس یہ فِکرِ زِ یہ مُلاٗزِم ہیکہِ نہٕ تراونہٕ پتھ تہٕ اَمِس ورٛاے چلی نہٕ۔ تِمی وۆنُس اَمِس تہِ یہِ۔ تہٕ ییٚہہ یہ زِ مےٚ خاطرِ چھُ یہ بہتر زِ بہٕ بناوِ چانہِ خاطرِ مکانہٕ تہٕ پننہٕ نِس خاندانس منز گرے رِشتہٕ۔ ژےٚ ماچھی کانْہہ اعتراض میانہِ کورِ ستی

رِشتہٕ کرنَس منز؟ باپأری رٕو داتھ معاملس پیٹھ پننہِ آشنہِ سٟتی واریہس کالس زٕپٹھ زٕپٹھ تہٕ کرٕپٹھ کرٕپٹھ کتھ باتھ تہٕ صلاح مشورٕ کران۔ أکس باپأری سٕنزِ نظرِ اوس سُہ امہِ کِس نتیجس وأتتھ۔ تٕمی وۆن زِ ظأہریس بناوتھ أمس وُنی کیٚبس آمُت چھ تمہِ باوجوٗد چھُ مے باسان زِ أمی سٕنز یہِ کہأنی چھےٚ پوٚز تِکیازِ أمس چھُ عِلم، سمجھدأری تہٕ ہُنر تہٕ بیٚیہِ چھُس شریف وِیوہار"۔

أخرس تہٕ مون أمِس آشنہِ تہٕ یہِ گتھ آیہِ شہزادس تہٕ واتناونہٕ۔ مگر تٕمی کوٚر نہٕ اَتھ بِلکل تہِ اقرار۔ جواب دیُتنَس "یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ زِ باپأری سٕنزِ کورِ ہُند رِشتہٕ کیاہ بیٚیہِ تِتھس نفرس سٟتی گنڈنہٕ یُس وُنی کیٚمن یوٗت پتھ پایہِ چھُ تہٕ یُس صِرف تٕسندِس مأل سٕندِس رحم وکرمَس پیٹھ زِندٕ چھ روٗزِتھ"۔

وۆن گوو کأفی زور کرنہٕ پتہٕ مون أمی یہِ مگر یَتھ شرطس پیٹھ زِ سوداگر بنہٕ تہٕ تٕسندِس کُنہِ تہِ ساعتہٕ اتہِ نیرنَس منز ٹھوٚر۔ سوداگر سپُد یہِ سوٗچِتھ مُطمٔن زِ ہرگا یہِ شخص آرامہٕ سان أکس آرام دیٚہہ مکانس منز پننہِ خوٗبصورت آشنہِ سٟتی روزِ تہٕ سیٚٹھا مال و دولت تہٕ عزت آسبس تیٚلہِ ہیٚیہِ نہٕ اتہِ نیرنک تہٕ ناو۔ مألی سُند گرٕ گرشہنگ تہِ نہٕ تہٕ سُہ بیٚلہِ تور گرشہنچہِ وَتہِ منز تکلیف چھُ۔ کھاندرٕ سپُد تہٕ اَتھ منز آو تیٚتھ ہاو باو کرنہٕ زِ سوٗرے شہر سپُد یہِ وُچھِتھ حأران۔ ونہٕ اوس یِوان زِ اَتھ پیٹھ سپُد سیٚٹھا رقم خرچ۔

کینژن وُرِین منز گرٕ باپأری سٕندی کاربارن تٕمی سٕندِس زامترٕ سٕنزِ ہونرٕ تہٕ دانأیی کِنی تیٚز ترقی تہٕ سُہ بنیاو تیٚوٗت امیر زِ تٕمی سُند کارٕبار تہٕ دولت بنیہِ مُلکس منز مِثال تہٕ لوٗکھ أسی ونان "فلأنی باپأری چھُ یوٗت تہٕ تیٚوٗت امیر تہٕ خوشحال"۔ مگر افسوٗس باپأری

سُند زامتُر اوس نہٕ مُطمئن۔ تَس اُس توتہٕ پننہٕ آبأیی وطن تہٕ تتہٕ کِمن لۄکن ہنز کل تہٕ پننہٕ
نِس ہیٚمر بابس بأۄن یہٕ خأہش۔ باپأرِس گوو یہٕ بۄزِتھ دوکھ تہٕ اۄش ہاران کریانس
زور زِ ژٕ ترٛاو یہِ خأہش تہٕ روزِ مےٚ ستی۔ مگر اَتھ دژاونہٕ کانہہ ترٛتہٕ زامتری مونُس نہٕ
کہنی۔ پَتہٕ وۄن أمی پننہٕ زنانہِ پننہٕ نِس اَتھ ارادس مُتعلق تہٕ وۄننس ژٕ روزِ ییتی بہٕ یمے
جلدِ ے واپَس تہٕ پَتہٕ روز وأسی پانہٕ وأنی خوش پأٹھی۔ اَتھ کۄرُس اَمہِ سیٚو دِ انکار تہٕ
وۄننس زِ بہٕ ہیکہٕ نہٕ خاندارس نِشہِ الگ سپدِتھ۔ لہٰذا آیہٕ یمن دۄشوٕنی ہندِ خأطرٕ اَکس
جہازس منٛز جاے حأصِل کرنہٕ یتھ شہزادٕ سندِس مُلکس کُن نیرُن اوس۔ خدالیس اوس
یی کرُن زِ یہِ جہازتہٕ گوو تباہ تہٕ سأری سوار تہٕ جہازُک عملہٕ گے مارٕ تہٕ صِرف بچاو
شہزادٕ تہٕ أمی سنٛز آشنی یم تتھے کنی اَتہٕ دژاے تتھہٕ کنی شہزادٕ تہٕ تٔمی سنٛز وگوڈنچو آشنِو
جہاز چو کھنجو ستی کۄرمُت اوس۔ واون تہٕ لہر ونیٚو شہزادٕ اکہٕ لنہٕ تہٕ تٔمی سنٛز آشنی بیٚیس
طرفس۔

یہٕ چھ حأرتس لایق وُنُن باسان زِ یہٕ زنانہٕ تہٕ واتنأوی تٔمی بچہٕ تخٕتن تۄری یتھ تَس
تھ اُس آمُت تہٕ یۄت شہزادٕ سنٛز گوڈنچہٕ زٕ زنانہٕ واژمژٕ آسہٕ تہٕ وۄنی ژھوپہ کٕرتھ
مغمۆم پأٹھی بہتھ ماتم کران آسہٕ۔ یہٕ ترٛ یم زنانہٕ تہٕ ژلیہٕ تتھی باغس منٛزتہٕ بیٹھ یمنے
لرٕ۔ تہٕ کمال چھ زِ یُتھے سو ژلیہٕ تہٕ کلمن لُج پھلے تہٕ لنجن دژاو پَن تہٕ بدلیاو باغک
نظارٕ ے۔ وۄنی اوس یہِ اُچھن خوش کران مُشک اوس ژھٹان تہٕ اَتہٕ اوس شُہل
استقبال کران۔ دۄ یمہٕ دوہہٕ صُبحس بیلہٕ یوڈ باغوان باغس نظرٕ آو تَس آیہٕ نہٕ پتٕمن
اُچھن پیٹھ پژٕھے۔ یہٕ اوس پزنہٕ پیٹھی رُت باسان زِ پیتی کالہ کرٕ وۄنی خدا صاب

باغس برکت۔ باقے لوکٹین باغوانن تہٕ مزوٗرن دوٗپُن توٚہی نیرِ واَز سُلے تہٕ پانہٕ گود فورن بادشاہَس یہِ رٕژ خبر واتناونہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ سپُد سیٹھا خوش تہٕ دِتن باغوانس اَمہٕ پھرِ تہٕ کینٛہہ موٗلٕلی تحفہٕ۔ پژٲنٛی پاٹھی گووبوٚڈ باغوان بیٚیہ اکہِ پھرِ یہِ خوٗبصورت نظارٕ وُچھنہٕ۔ تہٕ وُچھتو ووٗنی اَتہٕ وُچھِن ہُمن دوٗن زنانن ستی بیا کھ زنانا بہتھ وَدان۔ تِمو سوٗنچ پانٕسے ستی "یہوے چھُ اَمہِ بچہٕ برکتہٕ ہُند وجہ۔ یہِ چھےٚ بیا کھ پاکیزٕ زنانہٕ یوسہٕ یور چھےٚ آمٕژ تہٕ اَمی سنزِ پاکباز یہِ کِنۍ چھُ خداصابُن توجہ خاص پاٹھی یورکُن گومُت۔ سُہ گووتہٕ ووٗنُن یہِ بادشاہَس تہٕ بادشاہَن دِتُس حکم زِ اَمِس تھٕلی زبنہٕ ووٗنی سوال کٔری کٔری تفریق ہُلکہِ دِس کھین چِن، پلو پوشاک تہٕ تِم ساری چیز یِم اَمِس ضروٗرت آسَن۔

شہزادٕ یعنے اَمی سُند خانہٕ داراوس کتھ تانٛی زُوِس پیٹھ ووتمت یُس پُراسرارٕ غارٕ آباداوس۔ رٕژھا آرام تہٕ نِندٕرکرنہٕ پتہٕ دژاوشہزادٕ اَتھ جایہِ نظرادِنہٕ تہٕ کِہ کانٛہہ ژاد اَکِس بُڈِس تہٕ وُٹھی وُٹھی زنٛدن ہندِس جنگلس منٛز بیٛتہٕ سُہ بیٚیہِ پتھرٕ بہتھ پنٕہ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کرنہِ تہٕ وَدنہِ لوٚگ۔ تِمی دِژٕ کربکہٕ بہٕ کمہِ وجہ کِنۍ لوگنس خدایَن یتھ تاوٕنس؟ تِمی کیا زِبناوٕ مٕیانٛی زندگی یژھ عذاب تہٕ بہٕ چھس مرنٕے یژھان؟ مے ماچھ کھاندرکرنہٕ کِنۍ گوناہ کوٚرمُت رٕنہ بیٚیہ کینٛہہ؟

اَتھ جنگلس منٛز اَس نہٕ کانٛہہ زُوذاتھا نظرٕ گژھان نہ کانٛہہ انسان تہٕ نہ کانٛہہ جانورٕ ے۔ کینژٕ کانٛلی باسیاو اَمِس زِندٕ روزُن تہِ برداشتہٕ سبر۔ شہزادن ترٛ وو پھرٕ پھری مَرنہٕ خاطرٕ پان۔ اَخرس ووت سُہ اکہِ دوہہٕ جنگلہٕ کِس ہیرٕ مِس حصس منٛز پھیران پھیران اَکِس گوپھہِ نِش تہٕ اَتھ گوپھہِ نِشہٕ وُچھن اکھ زنانہٕ بہتھ۔ یہِ اوس

عجیب۔ اُمی سوٗنچ ''یقیناً ہیکہِ نہٕ یہِ کانٛہہ عام زنانہِ اُستھ تِکیاز ِسو ہیکہِ نہٕ ییٚتہٕ رٲزِتھ۔ یہِ گرٛشھہِ کانٛہہ دیوی یا کانٛہہ خاص پارسا زنانہٕ آسنۍ''۔ سُہ گووبیٚیہٕ ہَن نکھہٕ تہٕ زنانہِ ییٚلہِ یہِ وُچھ تہٕ تمہِ ہیوٚت وَدُن۔ ''بہٕ آسے ژےٚ سہوٗلیت نہ زِ کانٛہہ تکلیف واتناونہٕ خاطرٕ'' بیٚیہٕ ووٗننس یوٚت واتان واتان آےمےٚ سبٹھا مُشکل تہٕ واریٛہہ خطرٕ بُتھہِ''۔

یہِ بوٗزِتھ ووتھروو اَمہِ زنانہِ اوٗش تہٕ وُٹھہِ کُمجار کرِتھ ووٗننس وولہٕ بیٚہہ مےٚ نِش۔ بیٚیہٕ دِیتُنس رُت کھین تہٕ ترٛیِش ہوٚ مراونہٕ خاطرٕ سبٹھارٕ ژشربت۔ پَتہٕ پرٛژھنس زِژ کِتھہٕ پأٹھی ووتھکھ یور تِکیا زِیہِ چھےٚ اُکس جِنہٕ سنٛز روزن جاے یُس مَردن کِہو زنانن تِتھے پأٹھی کھوان چھ یِتھہٕ کنٛژ مےٚ بروٗنہہ کنہِ یہِ کھبنہٕ ہَن کھوان چھکھ۔ توے تہِ وُچھتھن نہٕ ژےٚ یَتھ گوپھہِ تانۍ واتان واتان کانٛہہ زُوذاتھ نہ کانٛہہ اِنسان تہٕ نہ جانور۔ افسوٗس افسوٗس سأری مأرِک تہٕ ننٛگلاوِی اُمی جِنن۔ بروٗنہہ کُن ووٗنُس اَمہِ زنانہِ ''یَتھ رٲزِس بہٕ۔ بہٕ چھس اُکس بادشاہٕ سنٛز کوٗرتہٕ تمۍ جِنن واتناوُس یور تیمۍ گوڈٕ مےٚ کھنٛنک اراد کوٚر مگر پَتہٕ بدلووُن یہِ وُچھتھ اِرادٕ زِ بہٕ ہیکہِ اُمی سنٛز خوشیوٗنۍ ستۍ بأج بٔنِتھ تہٕ کرنس بہٕ پنٛنۍ بیگم مُقرر۔ امہِ کھوتہٕ اوس بہترٕ اگر اُمی بہٕ مأرمِژ ےآسہٕ ہاو۔ وُنی کبس چھ سُہ کوٚت تانۍ چھاپہٕ مارنہِ گوٚمُت تہٕ شامس واتہِ ضرٗروا پَس۔ واے۔ ہاے میأنہِ خدایہ۔ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت اَمہِ سخت وَدُن تہٕ بڈٕ مُشکلن مأنۍ رأ وسو شہزادن پنٛنِ بُتھ تھوٚ دِتُلن تہٕ رٕژرٕ چ ووُمید کرِنۍ۔

تمہِ ووٗنُس ''مگر ژ تہٕ وَن پنٛنۍ کتھا۔ ژ کُس چھکھ؟ کتہٕ پیٹھہٕ آکھ؟ یور کِتھہٕ

ؠکنز ووتکھ ؟ تہٕ مےٚ وَن ؤلی ؤلی یُتھ مےٚ چانہِ حاجِچ پتاہ لگہِ تہٕ ژِنہٕ ہِندِ یور واتنہٕ
برونہہ بہٕ ژُ کُنہِ جایہِ کھٹِتھ تھاوَتھ۔ ہرگا تِمس چانٛی ژھاے تہٕ گرٛشھہِ تِمس ہیہ یوچھہِ
ووتِلتھ تہٕ ژھنی ژٕ ے کھبتھ۔ یہٕ ژُ کُنہِ طریقہٕ ژلنٛک سوچِکھ۔ ہرگا ژٕ ے واریٖہن
نفرن ہُند یوت طاقت آسی تہٕ جاناوارہِندی پأٹھی وُڈِتھ تہِ ہیکِکھ تہِ کرِتھ تہِ ہیکِکھ نہٕ
أمِس بلایہِ نِشہِ ژٕلِتھ یُس ؤرِیچ وَتھ دوہَس منٛز چھُ طے کران۔

لہذا اوڈن شہزادن تہِ ؤلی ؤلی پَتٕن گدُرن۔

I

کوٗڈُس بدقسمتی چھوٗکنس بہٕ گرِ دوٗر
پریشان دربدر گٔتھ تانی شہارس
عقل عظمت مےٚ آیم باگہِ برپوٗر
تہٕ نأیب سلطنت ہِکس کارِ بارس

II

فراقکی کُنڈی ہیٚتن یامَتھ مےٚ ہستی
تمنا گوم وُچھہَکھ ٹأٹھی پتٕنی
بہٕ گرٛشھہِ ہا گرِ پتٕن ساتھا تہٕ وٕنہکھ
مےٚ تقدیرس پھُلَے لٕج نوبہارس

III

یژھن میوٕنے خدا ین کوٗر نہٕ منظوٗر
مےٚ ترٛہن ساتن وُچھم بُتھ موتہٕ نے پوٗر
ولیکن آیہِ ترٛییہ پھِرِ وَتھ مےٚ تارس
کُنے زوٗن پیوٚ پکِن کھکھران بیمارس

IV

مگر از تانی تہِ چھُم سُے دَے مہربان
ژٕ ے نِش اوٗنس تہٕ کوٗرنم بارِ احسان
أنتھ لرِ لوٗر بہٕ تھوونس گلعذارس
تہٕ ترٛ ووٗن بار زیادے کامگارس

زنانہِ بوٗزُس تہٕ جل جلے وۄننس زِژِ اژمےٚ پَتہٕ پَتہٕ گوپھہِ منٛز ییٚتہٕ بہٕ ژٕ کھٹِتھ
تھاوَتھ۔ تمہِ بوٚرُسہ أکِس مضبوٗط صندوٗقس یُس گوپھہِ ہِندِس أکِس أندرِمس

کوٗنس کُن تھاوَنہٕ اوس آمُت ۔ اَتھ کوٚرن قُلف تہٕ خدائیس کُن کوٚرُن دُعاہِ یمِس کرتہٕ رأچھ ۔ شامس بأگی ہیوٗ آوٕ جِن تہٕ تھوٚ کُمت آسنہٕ کِنہٕ ژ اوبن پُتھرِس پیٹھ بچہٕ زِ زنگہٕ ؤہرِ تھ بیٚلہِ زَن زنانہٕ اکہِ پیٚتہٕ دارسکہٕ ٹلرٕ ستی اُمِس وَندن خلال لوگ کرُن یمن منٛز ماز کھنجہٕ تہٕ اُڈی جہٕ بند آسس گمژ ۔ نزبن زنگن گرٛنس مأنٛلِش تہٕ پھشا گشا گرِتھ سلبوٗن ۔ یہِ اوس قسمتھے زِتمہِ رأژ اوس جِن خوش مزاجہ ۔ زنانہٕ وۄن پانسے ستی شکر تہٕ لچھہٕ بوٚ دشُکر شہزادِ ژلہِ اَزراتھ کیٛتھ ۔ مگر افسوٗس تمِس یتھے یہِ ووٚمید وتلیہ تہٕ جنس آیہِ پننہٕ تیز مُشکہٕ کِنہٕ گوٚ پھہِ منٛز آدِ رِ بوے تہٕ وۄنُن :۔

اِنسانا چھم بیٚتہٕ باسان
وٕلی وٕلی کونہٕ چھم بُتھ ہاوان
اَتھ دِتُس یوٚرِ زنانہٕ جواب
ٹلی کیاز، چھے یرٛشہٕ کتھہٕ پھوران
یوٚت رٕتھہٕ وأتتھ ہیکہٕ اِنسان

مگر جنس اوس امہِ کتھہِ ہُند پۄرٕ یقین تہٕ وۄنُن :
مُشکس میأنس شک مے گر
وٕلی وٕلی ژھانڈُن چھی بہتر

شہزأدی گا بریہ نہٕ تہٕ دِتُنس جواب :
مے کُس طاقت بناوَن کہی بٕ انسان
اُمن پانسے گرتھ کہٕ ژشہٕ بامان

بێیہِ ووٚننس:

بہٕ أٔسس ڈٔہی دوٚہس یَتھ جایہِ روٗزِتھ
نہٕ ڈیوٗڈُھم جانہٕ وارا نَے مےٚ انسان

یِمو جوابو کنی کھوٚت جنس سخت شرارت یِیمہِ کنی أمی ژکھہِ ہٕتی تہٕ خوفناک شکلہِ ووکھہٕ پأٹھی أچھ ژٕناوان نظر کرس تہٕ ووٚننس:

یێتی أندی پکی چھ کانٛہہ اِنسان روٗزِتھ
لَبن وُنی آسہِ بیێتہٕ سُے ژوٗرِ روٗزِتھ
کَڈے منٛٹن اندر زُو گرٛدھ ژٕ بوٗزِتھ
اپُز مَے چھکھ ونان مےٚ ستی روٗزِتھ

أمی ستٕرٕ وخوفناک نظروتہٕ کتھو کنی لیٚدِ رٕژھٹھ پھیرتھ تہٕ تھرٕتھرٕ تھتھ ووٚنُس امہِ بچارِ زِ ژٕنے میوٗلُے نا اَز سبٕٹھا شکار تہٕ توے چھُھن کانٛہہ اِنسان کھیوٚن یژھان۔ اَتھ پیٹھ ووٚنُس جنن مےٚ چھُنہٕ بو پِچھہِ مگر مےٚ چھُ یقین زِ گوپھہِ منٛز چھُ کانٛہہ اِنسان تہٕ توٚت تانی ہێکہٕ نہٕ بہٕ سوکھہٕ روٗزِتھ یوٚت تانی نہٕ یہِ لٔبتھ کڈن۔ شہزأدی أس زرد پٕژ تہٕ سأری ہے پأنس أٔسس ترٕٹھ تھرِ زِ مُشکل نٕے پھوٗرُس زیوِ زِ ممکن چھُ ژٕ ے آسکھ پوٚز ونان ستیٕلہِ ژٕے یوٗت یقین چھُے تیلہِ دِمہٕ بہٕ پز بتھ کوٗنس تہٕ وُلس ژھأنڈتہٕ چھکرس پوٚت پھیری پھیری ژھأنڈ دِتھ یَتھ دوران ژن بے صبری سان پژ اران اوس تہٕ ووٚنی گوڈٕ ڈاکراوس ترٕ اوان تہٕ پَتہٕ تتھہٕ پأٹھی ژاس کران زِیہِ گوپھ تہٕ أس شورٕ ستی الان باسان آو گوپھہِ ہٕندِ أنتھہِ پیٹھہِ صندوٗقہ منٛزا کھنفر کڈنہٕ۔ یام شہزادِ تَس کُن پکان

اوس ژن اوس وہ تلان بوڈان ہیوٗ ''ہَہ - ہا- آ- مےٚ اوس پتاہ''

شہزادس آو وَننہٕ زِ بیہہ پتھر تہٕ وَن ڈلیل تہٕ تمہِ وؤن تتھہٕ کنہِ کُنہِ خوفہٕ تہٕ کھوژنہٕ ورأے زِ ژن سَپُد اَمس پیٹھ خوش۔ ژنہٕ سند مزاجہٕ خوشی ستی ہمت ہُرِتھ وؤنُس شہزادِ تہٕ اَتھ معاملس متعلق پوٗ زپوٗ زبیان۔ زِ کتھہٕ کنہِ اوس شہزادِ جہازٕ تباہ سَپدنہٕ پتہٕ اَتہِ ہٹرِ ہٹرِ پھیران تہٕ تمہِ کتھہٕ کنہِ اوس عار تہٕ تھ اَمس گوٚ پھہِ منزٕ روزنہٕ خاطرٕ وؤنمت۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر اَمہِ جنس زارٕ پارٕ زِ اَمس ستی متہٕ کرتہٕ کینٛہہ تہٕ دِس پیٚتی روزنہٕ تکیا زِیہِ اَس پانہٕ تہٕ وقتس کُنی ژٕنی تہٕ مغموٗم روزان۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ چُھ یہِ شخص ہُنز مندتہٕ گاٹُل تہٕ جنس تہٕ کرِ وفادأری سان خدمت۔ جنن مون تہٕ وؤنکھ زِ توہیٚ دِہ نوے مَہ کھوٗ ژِوےٚ تکیا زِمےٚ گرٛھنہٕ شہزادس ہیوٗ اَڈی جہ ترٛنگر کھنک زانہہ شوق۔ یہِ بوٗزِتھ بیوٗٹھ شہزادِ جنس نکھہٕ پہَن تہٕ لاٗ رکن اَمس زنانہِ ستی ژنہٕ سندبن اُٹھن تہٕ کھورَن پھش تہٕ موٚٹھ دِنی تہٕ ژن گو وأمس وارے خوش تہٕ تتھہٕ کنہِ روٗ دوؤنی شہزادِ گوٚ پھہِ منزٕ تہٕ گوس شہزادِ ہُند محبت زیادٕ زیادٕ ہُران تہٕ شہزادِ تہٕ روٗ دأمی سُند لول زیادے گنان۔ تتھہٕ کنہِ روٗ دی دوہ خوش پأٹھی گذاران۔ پرٛ بتھ دوہہٕ صُبحأے اوس ژن شِکارس نیران تہٕ شہزادس تہٕ شہزادِ کُنی ژٕنی اَتی ترٛ اوان تہٕ پرٛ بتھ دوہہٕ شامس واپس تتھ اَسس یِم خدمت تہٕ خوشامد کران۔

سُہ اوس یِژہ پأٹھی پانس ستی کمیاب موٗ، قیمتی جوٗاہرات یا تیٚتھ کانٛہہ چیز اَنان یہِ شہزادِ یا شہزأدی وَنہِ ہبس یا تیچ یمو خاہش آسہِ ہے کرٕ مژ۔ وؤن گو وتہٕ اَستھ تہٕ اوس ہمیشہ یمن یہِ خوف روزان زِ ژن گوٚ ژھنہٕ کُنہِ وِزِ شرارتس منزٕ یا مژرس تتھ یمن کھبتھ

ژھنن امہِ کنۍ اَسی یم تیُتھ کیٛنہہ سوچان یینہِ کنۍ یم أمِس نِشہِ پانس تھپھ ہیکہِ ہن ٹلناوِتھ۔ کہے کالۍ تو رییمن فکرِ زِ طاقتہٕ کس بل بوتس ہکن نہٕ یم أمِس زیر کرِتھ تہٕ ہرگاہ یمن یہِ کرن چھ تیلہِ چھ أمِس تیُتھ ژھل کرن یینہِ کنۍ یہِ یمن پننہِ زندگیہِ ہُند راز وَنہِ۔ أمۍ سُند یہِ زبردست طاقت گتھ منز چھ۔ لہذا کوٚر رییمو یہِ ارادٕ زِ ممکن ہے گووتہٕ یہِ چیز گرو حاصل۔ شامس بأگی ییلہِ یم جنس دندن خلال تہٕ ترِبن زنگن مأرلش أسی کران شہزأدی پیٹھ أمِس نش تہٕ اچانک لوگن وَدن۔

جِنن ووٚنس "میأنۍ ٹاٹھی۔ ژٕ کیاز ِووان؟ مے وَن ژے کیاہ تکلیف چھے تہٕ یوٚتاہ مے طاقت چھ تمہِ کنۍ کرٕ بہٕ سہ دوٗر"۔ یہِ ونان أنۍ أمۍ یہِ پانس کُن تہٕ رٔٹن پانس سٟتۍ۔

تمہِ ووٚنس "بہٕ ہیکہ نہٕ ژے پننۍ سأری خیال بأوِتھ۔ مگر منزٕ چھ مے خوف گژھان زِ ژے گوٚ ژُھے نہٕ کانہہ مأرِتھ ژُھنن تہٕ أسی گژھو پتہٕ کُنی زٕنی کانسہِ دوستس تہٕ سوچھ کرن وأرلس ورأے یتھ الگ کُن گوپھہِ منز۔ پتہٕ چھ اَسہِ فاقہٕ پھرِ مرُن۔ تکیاز ِاَسہِ کُس اَنہِ پتہٕ کھبن؟ پیٹھہٕ چھکھ ژٕ اَسہِ پیٹھ سبٹھا رُت اَسہِ چھکھ سارِوے کھوتہٕ اصل کھبنہٕ چیز سولبہِ سولبہِ تھاوان تہٕ سأنۍ پرٕ بتھ کانہہ خاہش چھکھ پوٗرٕ کران۔ سأنۍ دِل چھ چانس دِلس سٟتۍ وأٹھ۔ أسی کیاہ کرَوتہٕ أسی کتھہٕ کنۍ روزٕو زِندٕ ہرگاہ ژٕ مارنہٕ آکھ یا اَسہِ ژٕ راوَکھ؟

یم لفظ بوٗزِتھ کوٚر جِنن کھلہٕ دِلہِ اَسناتہٕ جواب دیُتنس زِ بہٕ مرٕ نہٕ زنہے۔ کانہہ طاقت ہیکہِ نہٕ مے مقابلہٕ کرِتھ۔ وقت ہیکہِ نہٕ مے بُڈراوِتھ۔ بہٕ روزٕ ہمیشہ

مضبوٗط تہٕ ہمیشہ جوان تِکیاز ِ یتھ منٛز میٲنۍ زندگی چھےٚ تہٕ حاصل کرُن چھُ سارِوٕے کھوتہٕ مُشکل بامے اِمیک پےٚ تہٕ آسہِ کٲنسہِ ۔ یہوے اوس سُہ جواب یوسہ یہ زنانہٕ کانچھان اُس تہٕ اَمہِ کِنۍ سبٹھٕہے موٗ دریارتہٕ لولہٕ سان وُٹھہٕ کُمجار کرِتھ کوٚرتمہِ خدایس کُن شُکر زِ جنہٕ سنزِ حفاظتہٕ ہُند میوٗل اُمس یقین تہٕ اَمہِ پتہٕ کوٚر نس زور زِ مےٚ وَنتہٕ سُہ کیاہ چیز چھُ ۔ جنس گووَنہٕ کانہہ شک تہٕ ووٗنس زِ گوپھہِ منٛز چھُ اکھ پیٹھ (تختہٕ) تہٕ ہُتھ کُلس پیٹھ اکھ مانچھ گن ۔ اُمۍ ووٗن پیٹھک امہِ کِنۍ زِ ہرگا کانہہ اَتھ پیٹھ بیہہِ تہٕ پتہٕ سُہ یاسو کُنہِ تہٕ جایہِ واتٕنچ خاہش کرِ یہِ واتناوِتس تتھ جایہِ ۔ مانچھ گنک ووٗنُن امہِ کِنۍ زِ ہرگا کانہہ اَتھ کُلِس کھسہِ تہٕ مانچھ تُلربن ہنزِ مُلکانہِ اُتھۍ منٛز رٕتہِ تیلہِ مرِ یہ جِن تِکیاز ِ میوٗن زُو چھُ اُمۍ سےٚ مُلکانہِ منٛز ۔ ووٗل گوو مانچھ گنس منٛز چھےٚ واریاہ تہٕ خطرناک مانچھ تُلرِ تہٕ ہرگا کانہہ شخص یژھ کوشش کرِ تمس چھُ سبٹھٕہے خطرٕ ۔ جِنن ووٗنُس امہِ ہُریمانہٕ "لہٰذا اتھ ریہِ ژٕ ےٚ یہ فِکرِ ۔ ژٕ چھکھ کُنہِ وجہ رٕوٗستےٚ ودان ۔ بہٕ مرٕ نہٕ زانہہ" ۔

پتہٕ کوٚر اَمہِ زنانہِ خوٗشی سان وُٹھہٕ کُمجار تہٕ جنس ووٗنُن بہٕ چھُس سبٹھا شکر گُذار تہٕ یمہِ یپور روزِ بہٕ ووٗنی اطمنانہٕ سان دوہس خوش تہٕ رالتس تمہِ کھوتہٕ زیادٕ خوش بیلہِ یہ واپس آسہِ واتان ۔ بہٕ چھس خوش زِ ژٕ ےٚ ووٗنتھ مےٚ پیٹھک تہٕ مانچھ گنک تہٕ یوٗ دوے یمن ہنزِ حفاظتہٕ ہُند کانہہ معموٗلی خوف تہٕ چھُنہٕ تہٕ کرِتھ تہٕ گژھہٕ بہٕ یمن خاص پأٹھۍ رأچھ کرنس پیٹھ یہ ژٕ بس پتھ سبٹھا خوش زِ چاٲنۍ ٹاٹھ زندگی چھےٚ یمنے منٛز ۔ بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ کتھا باتھا کرِتھ کوٚر یمو سارِوٕے شوٗنگنک سنٛز ۔

دوٗیمہِ دوہہ صُبحس دژ اوو دوہ یدش کی پأٹھۍ جِن تہٕ دُپہر برونٛٹھے کوٚر شہزادن تہٕ

شہزادٕ تٔمۍ سِندِ مرنک پوٗر انتظام۔ شہزادس اُس یہِ کأم کرٕنۍ۔ تٔمۍ وۄل تالہِ پیٹھہٕ کھورن تاذٕ پۄٚنن یان پوٗرٕ پأٹھۍ۔ اُچھو ورأے وۄلُن پرٕتھ کانٛہہ حصہٕ ٹھیک پأٹھۍ۔ امہِ خأطرٕ کۄڈن تتھ کپرس منٛزٕ اکھ زأوِج ترِیُس اُمۍ گلس وۄل۔ یتھہٕ کٕنۍ تیار سپدِتھ بیوٗٹھ یہِ پٔتھس پیٹھ تہٕ جلدٕے ہیوٗتن گلس کُن ہوٚہس منٛز وُڈُن۔ یہِ اوس اکھ پُرجوش زِیٚہا بیٚلہِ اُمۍ مأنٛجھ گنٛس ٹاس دِنہٕ خأطرٕ لوٗرنٛج۔ باسان اوس زِ ساسہٕ واد مانٛجھ تلرٕ وزٕ ایہِ اُمس حملہٕ کرنہٕ خأطرٕ تیار۔ مگر یہِ اوس پوٗرٕ پأٹھۍ ژلتھ تہٕ صِرف اوسُس اُچھن ہُند خیال تھاوُن۔ اُمۍ سُند مقصد اوس تلرٕ بن ہنز ملکہ رٔٹنۍ تہٕ یہِ موچھہِ مرٕنۍ مارٕنۍ تہٕ یتھہٕ کٕنۍ ییہِ ہے ژِن سنٛز زندگی موچھہِ مُرنہٕ ختم کرنہٕ۔ یہِ سپُد کامیاب تہٕ یتھے اُمۍ یہِ بے زُو مانٛجھ تلرٕ دأرِتھ دِژ تہٕ تیٚتھے پیوٚ ژِن وٚٹسی پل ہیوٗ ٹاس گرِتھ تیوٗت زورٕ پتھر زِ أندی پکۍ سوٗرے زمین اکیٲ وامہِ ستۍ۔ شہزادٕ آو پٔتھس پیٹھ گوپھہِ کُن واپس تہٕ شہزادِ کوٗرِس سبٹھاہ شأدیانہٕ کٔرِتھ استقبال تہٕ مُبارک۔ توتہِ اوس تمن خوف زِ یُس اکھ اکھ تمو ژیوٗن سہ ما اوس بٔیٚل تہٕ بنان چُھ ژِن ما اوس یمن اپزُے وۄنمُت تہٕ ییہِ ما واپس پتہٕ ووت شام تہٕ پتہٕ راتھ۔ کانٛہہ ژِن آونہٕ تہٕ یتھہٕ کٕنۍ بیٹھ تمن پرٕژھ زِ دُشمنس نِش وٗژھ اَسہِ تھپھ تہٕ سہ خاص خزانہٕ سوٚمبرتھ یُس گوپھہِ منٛز اوس پٔٹھی یم دۄنوٚے پٔتھس پیٹھ تہٕ وأتی یم جلد میلہٕ واد دوٗرتتھ جایہ یێتہِ ژِنہٕ سنٛز شٹھیمٕ لاش وارِیاہ زانٛہس زمینس پیٹھ کاڈ کٔڈِتھ اُس۔ یہِ وُچھتھ گوو یمن وارٕ یقین تہٕ شہزادن وۄن پٔتھس زِ اَسہِ واتناو تو ریێتہِ میانہٕ ترٕے زنانہٕ زِندٕ یا مودٕ چھے۔ پیٹھ وُپھیاو تہٕ فورن وٗتھی یم بادشاہ سِندِس باغس نکھہٕ پتھرِس پیٹھ۔ شہزادٕ ووتھ جلدٕے پیٹھہٕ پیٹھہٕ تہٕ شہزادِ

وۄنُن بۓ یِمے جلدٕ ے واپَس تہٕ ژٕ روٗزی زِیتی۔ سہٕ اوس ننہٕ دٕنہٕ زیادٕ دوٗر گوٚمُت زٕاکھ وہترل کیوٚ ما آووٗ ڈان وٗڈان تہٕ دِژٕن اُمس ٹوپھ تہٕ اُمی وِزِیٚرِ اُمس میٚندی بمارکی۔ وۄنی کیا گرِہے یہِ؟ امہِ شرمہٕ کٔری ہیوٚ کنہٕ یہِ پیٚٹھس نش واپس واُتتھ۔ شہزادی روٗز پیاران یوٚت تانی تَس ووٗنی صبرتہٕ روٗ دنہٕ امہٕ پتہٕ وۄنُن پیٚٹھس تہٕ وأتِھ باغس منٛز تہٕ ژٕھ برابر تٕتھی جایہِ ییٚتہِ شہزادٕ سنٛز ترٛے زنانہٕ دوکھہٕ ہٕژٕ تہٕ ژھوپہٕ کٔرِتھ آسہٕ بہتھ۔ امہِ تہٕ ووٗن نہٕ کٔہنی مگر صرف چھٕے لٔہرِ ودان۔ ییٚمہِ وِزِیٚہ باغس منٛز ژٕلیہٕ تہٕ پھٕلے اُس برٛستہٕ تہٕ سۄبٕھے مُشک اُس ژھٹان تہٕ گٔلی اُسی ووٗنی موٚ وسَتی ژٕرستھ زِتم اُسی مُشکل نےٕ وودنہٕ دٕرِتھ۔

دوٗیمہِ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ بوٚڈ باغوان دوہدِ شکی پأٹھی نظرِ آوتہٕ اَتہِ وُچھن ییٚتھ نظارا ییٚتھ نہٕ اُمی زانہہ تو قعہ اوس کوٚرمُت۔ اُخرس اُسی پوٚش برستہٕ تہٕ گٔلی اُسی سۄبٕھے شاندار موٚ وسَتی بٔرِتھ تہٕ یِتھے اُمی یہِ شٔچھ بادشاہَس وا تناوِنہٕ خأطرٕ اَتہِ نیرُن ہیوٚت تہٕ اُمی وُچھ اَتہِ بیا کھ زنانا بہتھ تہٕ وَدان۔ اُمی پرٛژھ اُمس زِ ژٕ کوسہٕ چھکھ تہٕ کتہٕ پیٚٹھہٕ آیکھ مگر اُمی سِند اُسہٕ منٛز دژا ونہٕ اوٕر کانہہ لفظ۔ لہٰذا ووٗن اُمی بادشاہَس "بوز۔ اے بادشاہ ژٕ وٗرِم زنانا چھٕے شاہی باغس منٛز ژاہٕژ تہٕ یہِ چھ ووٗنی بلکل ٹھیک۔ توٚہی ہرگا ییٚژھوتہٕ اَتہِ کٔری تو نظارا۔

بادشاہ سپُد پرٛنہٕ پیٚٹھی خوش تہٕ دٕژھہِ دٕژھہِ ووٗتھ تہٕ دژاو یٔڈس باغوانس سٔتی ہتھ باغس کُن۔ اوروأتتھ وُچھ اُمی یمہٕ ژور زنانہٕ تہٕ پرٛژھن سارِنٕے سوال مگر کانسہٕ ووٗنس نہٕ اکھ لفظ تہٕ جوابس منٛز پتہٕ دِژیادشاہن باغس نظرا گذراتہٕ آو واپَس محل خانہٕ

تہٕ اتہِ وۄنُن مُلکانہِ یمن اجنبی زنانن مُتعلق یم اور آمژٕ آسہٕ۔ تَس وۄنُن زِژٕ گرٕ ھ صُبحس
تورتہٕ تِمن ستّی کَر گَژھ ممکن چھُ تِم ماگرن پننہٕ ذأژ ہنزٕ ستّی گَژھ تہٕ ژٕ چھکھ ملکہ۔ صُبحس
کیتھ گیہِ ملکہ تہٕ سارِنے ستّی کرن نرمی سان گَژھ مگر یمو منزٕ دِژس نہ کانٔسہِ اکہ
جواب۔ تہٕ أمی سندِ اورٕ تہٕ گَژھ کرنہٕ ستّی سپُد پتہٕ زِیمو وۄ دزیادٕ ے۔ ملکہ تہٕ توگ نہٕ
کہنی بوزُن تہٕ فِکرے تورُس نہٕ یمن مُتعلق کینْہہ۔ تمہِ وۄن "بے شک چھےٚ یمہٕ پارسا
زنانہٕ نتہٕ گرِ ہے نہٕ خدا صأب باغس تہٕ تِھہٕ کنٕ برکت تہٕ یوٚ ہے چھ امہِ گَژھِہ ہُند اِشارٕ۔
نتہٕ ماچھُ یمن کانٔسہِ بلایہِ پھند گرِتھ دھوکہٕ دِژمت یا ما آسکھ کانْہہ ٹوٹھ گنڈریومُت۔ یہٕ
ہیکہِ نہٕ امہِ کنٕ أستھ زِیمہٕ کیاہ چھےٚ پننہٕ نوٚ گونہو کنٕ وَدان۔ ممکن چھُ بادشاہ ہرگا کانٔسہِ
سبٹھے پارسا شخصس یمن نِشہِ سوزِ تہٕ یمن تَس منز روٗچ قربت وَنہٕ پیہہ تہٕ ممکن چھُ تَس
ستّی گرن یمہٕ گَژھ"۔ بادشاہن موٚن یہِ تہٕ تُھے اکھ پارسا شخص آوسوزنہٕ۔ مگر سُتہٕ آو
پھیرتھ تہٕ وۄنُن زِ کُمہ تہٕ ہیچھ نہٕ یمن نِشہِ کانْہہ کتھ کڈِتھ۔ پتہٕ کرنو بادشاہن اعلان زِ
تِمس شخصس پن بڈٕ بارٕ انعام تہٕ تحفہِ دِنہٕ یُس یمن زنانن گَژھ کرناوِ۔
شہزادس اوس پتھٕ پأٹھی میوٚ ندا گادِ گوٚمُت تہٕ أمِس گُن وُچھنہٕ تہٕ أس دِنن
گرٕ ھان أمی تہٕ بوٗز یہِ شأہی اعلان تہٕ أمی پرٕ ژھ أکس نفرس یُس اتفاقن لأرِ
پکان اوس۔ "یہِ چھا بوٗز؟" تمی وۄن "بہٕ کرناوکھ یمہٕ زنانہٕ پانس ستّی گَژھ" یہِ گَژھ آیہِ
بادشاہس واتناونہٕ تہٕ سُہ آو پننہٕ ننن دربارن تہٕ مُلازِمن ہُند بوٚڈ تعداد اہتھ أمِس نِش
تہٕ سپُد أمِس معموٗلی میٚنڈی لدنفرٕ سُند یتھ ہیوٚ دعوا بوٗزِتھ حأران۔ وۄن گو تَس ماأس
پےٚ زِ خدایہِ سنزٕ مرضی کیاہ أس لہٰذا وۄنُن أمِس شخصس زِ گرٕ ھ تہٕ گریمن زنانن ستّی

گِتھ تہٕ میٚنڈی لدگووتہٕ بیٚوٗتھ گوڈنیچہِ زنانہٕ بروٗنہہ کنہٕ تہٕ وٗنُن تَس ژ بوزیہ ڈلیل:-

''وقتہٕ اکہِ اوس اکھ بوٚڈ بادشاہا تیمس ژور گاٹلِ تہٕ چالاک نیٚچوی اُسی۔ اکہِ دوہہٕ بُلاوی اُمی بادشاہَن یِم نیٚچوی الگ الگ پاُٹھی یہِ پرٛژھنہٕ خاطرٕ زِ سُہ کُہند قسمتہٕ کِنز اوس بادشاہ تہٕ خوشحال۔ ترٛیو نیٚچو بو دِتُس جواب ''یقیناً چھکھ ژ پننہٕ طالع کِنز تیتس بڑس مُلکس بادشاہ تہٕ پننہِ حُکمر اُنیہِ منز چھکھ خوشحال'' مگر ژوٗرِم تہٕ سارِوے کھوتہٕ لوکٹ وٗنُس جواب ''بادشاہ صاب۔ یہِ چھ سانٛم میانہٕ قسمتہٕ کِنز نہ زِ یٚیہِ کانٛسہٕ ہندی کِنز'' امہِ جوابہٕ ستی کھوٚت بادشاہَس سبٹھے زیاد شرارت تہٕ ژھُٹن یہِ لوکٹ ہیوٗ نیٚچو کڈِتھ۔ سُہ دزٛا وپننہٕ زنانہٕ تہٕ کینٛہہ ضروٗری چیز ہتھ ڈلی ڈلی محل خانہٕ منزٕ۔ کینٛژ ون ہفتن جنگلس منز روزنہٕ تہٕ بروٗنہہ گٔن قدما قد مادِوان واُتی یِم سمندرس نشہِ تہٕ سخت شوق گوکھ زِ آبس پیٚٹھی پکہٕ ہو۔ یِمو ڈنی یہِ گتھ اُکس بایاُرِس تَس آو یِمن پیٚٹھ عارتہٕ پنہٕ نِس جہازس پیٚٹھ کھاُلِن یِم مُفتے۔ کینٛژس کالس پوٚک پرٛ ہتھ کانٛہہ چیز ٹھیک پاُٹھی یوٚت تانی زِ اکہِ راُژ جہازے پھوٚٹ تہٕ شہزادس تہٕ شہزادِوراُے پھٹی ساٗری آبس یِم بچے جہاز کِس ہُمہٕ ٹُلِس تہٕ پچہٕ تختس تھِھ پنہٕ کِنز مگر یِم لگی الگ الگ طرفن شہزادٕ لوٗگ اُکس مُلکس تہٕ شہزاُدی دوٗ ئیمس''۔

وار یہو ڈریو پتہٕ آیہِ یہِ زنانہٕ گلہٕ تھوٚ دتلان وُچھنہٕ تہٕ یٚیلہِ میٚنڈی لدنفرن اُمِس یہِ پرٛژھ زِ ہر گابۂ چون خانہٕ داریٚنے شہزادِ یورانَن ژ کیاہ انعامہِ دِکھ مے۔ تمہِ دِتُس فورن جواب ''یہ ژ منگکھ تہٕ تِی ژے دِنہٕ''۔

یٚیلہِ بادشاہ تہٕ تمی سِندیو ساُتھیو یہِ زنانہٕ گتھہِ کران تہٕ خوش وُچھ تم سپدی

حأران۔ خداصابنہٕ مہربأنی کنہٕ سپد اے وِزِ پتہٕ زِ أمس نفرس یُس میٖنڈی چھو کن رس اوس پڑیڈان سہ سپد بند۔

پتہٕ گووسہ تہٕ بیوٚٹھ بیٚیس زنانہٕ نش تہٕ وۄنُنس ژ بوزمیٲنی دلیل:۔

أکِس مُلکس منز اوس اکھ باغوان روزان۔ یہٕ اوس شأہی باغوان۔ أمی سٕنٛدی ہیے گرس منز ووت اکہٕ دوہہٕ دوٗرمُلکہٕ پٮ۪ٹھہٕ آمُت اکھ بیچھوٗن شہزادٕ۔ یہٕ شہزادٕ بنٛیاوأمس باغوان سُند نوکر مگر أمی بنوو پنُن پان أمی سٕنٛدِ خأطرٕ سبٮ۪ٹھے فأیدمند۔ نیک تہٕ شریف آسنہٕ کنہٕ بنٛیاو باغوان سُند زامتُر۔ اکہٕ دوہہٕ وُ چھامہٕ مُلکہٕ کِس بادشاہ سٕنٛزِ کورِ یہٕ شہزادٕ۔ یوٚ دوے زَن تمس یہٕ اوسنہٕ پتاہ زِ یہٕ چھُ شہزادٕ تمہٕ وۄن ماجہ زِ ژ مأنی راوُن بادشاہ یتھ مے سہ أمس ستی کھاندر گرِ۔ پوٚرِ پرژھہٕ گأرکرنہٕ پتہٕ نٕنٛیاو بادشاہس زِ یہٕ اوس اکھ یوٚ ڈ تہٕ دانا انسان لہٰذا موٗنُن کورِ ہُنٛد درخاس تہٕ کھاندرٕ خأطرٕ کرِن سبٮ۪ٹھا تیأریہٕ۔ کھاندرسپد تہٕ اَتہٕ آے زبردست شأدیانہٕ مناونہٕ۔ نۆی شہزادن پڑأو سبٮ۪ٹھے زیادٕ خوشحألی تہٕ لۆکن کھو بادشاہس نشہٕ بنٛیاو سبٮ۪ٹھا پیٚور۔ اَتہٕ اوس صرف أمی سٕنٛد بابَن (باتِے شہزادَن) أمی سُند أزروُن۔ چھیکرس یہنٛدِ أزروُنہٕ ستی تنگ یِنہٕ تہٕ پنُن گرِ تہٕ مُلک گژھنچہِ خأہشہٕ کنہٕ دژاو یہٕ پنٕنی آشنی ہتھ أکِس جہازس پٮ۪ٹھ یتھ أتھ مُلکس گژھن اوس۔ افسوٚس! جہازٕ سپد تباہ تہٕ جہازس منز یم تہٕ أسی تمو منزٕ بچے یہٕ زٕ نفر اکھ شہزادٕ تہٕ بیٚیہٕ شہزأدی یم دۄن ہچہِ تختن پٮ۪ٹھ کھستھ ژلی۔ اکھ لوٚگ أکِس مُلکس منز تہٕ بنٛیاو کھ بیٚیس مُلکس منز یوٚ ٹھ''۔

وارِیہو ؤرِیو پتہٕ ژل امہٕ دۄیمہٕ زنانہٕ گوڈنکہٕ پھرِ گلہٕ تہٕ ییٚلہٕ أمی نفرن

پرٛژ پھنس زِمےٚ کیاہ انعامہٕ میلہِ ہرگاہ بۂ سُہ شہزادٕ ژٕنے نِش اُنن۔ تمہِ وۄنُس درجواب
"یہٕ کینژہ ھاتہٕ ژٕ منگکھ تہِ دِمےٚ بہٕ"۔

یِیلہِ بادشاہ تہٕ تمۍ سند بوسأ تھیوزنانہٕ ہِندِس بُتھس پیٹھ خوشی وُچھ تہٕ تمہِ وُٹھن
ٹلہٕ تژ او کوٚر تمہِ سپدی حأران۔ اَمی وقتہٕ ہیٚتِن اُمِس میٚنڈی لد ہسندی زخم ٹۄنہٕ تہٕ تہٕ
باسان اوس زِیٚم گژھن جلدٕ ےٹھیک۔

پَتہٕ گوو یہِ نفرتہٕ بیۄٹھ تژ یمہِ زنانہِ نِشہِ تہٕ وۄنُن تَس ژٕ بوزتہٕ یہِ ڈلیل:۔

اَکِس دۄ ردراز شہرس منٛز اوس اکھ امیر باپأرۍ بسان تیٚمِس اَکِس غریب
دَتہٕ گتس پیٹھ عار آویُس اَمۍ (باپأرۍ) اکہِ دوہہٕ پَتہٕ نِس وانِس نِشہِ اِستادٕ وُچھ تہٕ
پَتہٕ بنوۄن پنُن ملازم۔ پَتہٕ یِیلہِ یہِ سبٹھا گاٹُل تہٕ رُت باسیوٚس تہٕ اَمۍ ہسندِ کنہ
کارٕ بارس منٛز تہِ ترقی سَپزِس تہٕ بنوۄن پنُن زامتٕر۔ کینٛہہ کألۍ گیہِ اَمۍ ہسندِس زامترِس
خأہش زِبۂ گژھہِ ہاپنُن گرِتہٕ مُلک لہٰذا اَدژ اوٕ زنانہٕ ہتھ یہِ وعدٕ کرِتھ زِبۂ یِمہٕ جلدٕ ے
واپَس۔ مگر وائے افسوٚس۔ یَتھ جہازس یم کھتۍ سُہ پھوٚٹ سأری ہتھ ماسولیہٕ
شہزادس تہٕ تمۍ ہسنزِ زنانہِ یِم جہاز کہِ لکرِ تختہٕ تہٕ کرِ ٹکرکِنۍ نیرتھ ہیکۍ۔ یِیلہِ اَمہِ زنانہِ یِمہٕ
چیز بۄزی تَمہِ تُل پنُن کلہٕ تھوٚ دتہٕ یِیلہِ تَمہِ بروٚنہہ کُن یہِ بوٚ ززِ شہزادٕ چھ زِندٕ تہٕ اَتی نکھے
تمہِ کوٚر اُمِس نفرس زارٕ پارٕ زِسُہ ہاوتن مےٚ تہٕ بۂ دِمے ژٕےٚ بوٚڈ انعامہٕ۔

یِیلہِ بادشاہ تہٕ تمۍ ہسند بوسأ تھیو تژ یمہِ زنانہِ بُتھس پیٹھ خوشی تہٕ تیز گفتارو چھ
تم گےٚ سبٹھے حأران۔ امی وِزِ ہیوٚتن میٚنڈی لدٚس زخمن انگ یُن تم سپدی خوشِک تہٕ
ہیٚتِن ختمے گژھٕنۍ۔

پَتہٕ گو ویہِ نفرتہٕ بیوٚتھ ژوٚرمہِ زنانہِ لَرِ تہٕ وۄنِس ژٕ بوزمیٲنی یہِ ڈلیل:۔

''أکِس جنگلس منز اوس اکھ بوٚڈ جن روزان تیمی اکھ مأری منز کوٗر رٲژتھ

أس أنی مژ۔ یوسہٕ أکِس بادشاہٕ سنز کوٗر أس تہٕ یہِ أسن پننہِ خدمژ تہٕ تفریح خاطرٕ

تھأوِمژ۔ اتفاقن ووت اکِہ دوہہٕ اکھ نفر تمہِ گو پھہٕ ہِندِس گُلِس پیٹھ یێتہٕ یہِ زنانہٕ پنتھ

پننہِ نِس تقدیرس پیٹھ ماتم کران أس۔ أمی پرُژھنس ژٕ کیٛاز چھکھ وودان تہٕ امہِ ووٗنس

تہِ سوٗرے یہِ أمِس ستی سپُد مُت اوس۔ دوشوے أسی گاٹلی تہٕ خوٚبصورت تہٕ ڈٕلی ڈٕلی

گننیکھ اکھأکی سنز ماے تہٕ أمِس زنانہِ یێلہِ یہِ فِکرِ توٚ رِ زِ یہِ نفرتہٕ اونہِ مے تہٕ شامس

بأگی یێلہِ جن عام پأٹھی واپس اوس یوان تہٕ تمہِ کِنی تھوو امہِ یہِ صندوٗقس منز کھٹتھ۔ تہٕ

گرِتھ تہٕ کوٚڈُسہٕ جنَن اَتہٕ مگر کھیٛون نہٕ کینہہ تِکیٛازِ تمی وُچھ یہِ زأوِیٛل تہٕ لیٚدر یومُت تہٕ

تھوٗ ن یہِ نوکر۔ وارِ وارِ ہیٚر وشہزادِ جنہٕ سمنزِ زندگی ہُند رازتہٕ شہزادن گرأمی سندِ مارنہٕ ہنٛج

کأم مُکمل۔ پَتہٕ پیٹھی یِم دونوے شہزادِ تہٕ شہزأدی جِنہٕ سندِس طلسمی پیٹھس پیٹھ تہٕ وأتی

یِم نکھہٕ تلیچہِ یتھ جایہِ۔ پَتہٕ دژاو شہزادِ شہزادِ نشہِ تہٕ اورِ پھیوٚ رنہٕ واپس تِکیٛازِ تَس اوس

ووکھہٕ میینٛڈی بمارِ حملہِ کوٚرمُت یێمہِ کِنی تمس شکلے بدلییہِ یتھ زِ یێلہِ شہزأدی آیہِ تہٕ سُہ

کینژن گاٹن نظرن تل تہٕ روٗدتمہِ پرِ زِنو ونہٕ پئٹن خانہٕ دار بلکہِ پھیر ییٚتھی باغس منز

تَس أکتھ گُن تہٕ ووٗ دُن''۔

یہِ ڈلیل بوٗزِتھ کوٚرامہِ زنانہِ وۄنِس ٹھہراو تہٕ تُجن ہیوٚ رکُن نظر۔ اَتہِ وُچھن

پئٹن ٹوٚٹھ خانہٕ داریُس أمِس روومُت اوس۔ وۄنی اوس أمِس میینٛڈی بمارِ ہُند پرٕ ہتھ

کانہہ نِشانہٕ دوٗر گوٚمُت تہٕ اوس پرٕ ونےٕ ہیوٚ خوٚبصورت، عقل مند تہٕ نیک شہزادِ۔

پانہٕ وأنۍ چیر نالہٕ موٚت کٔرِتھ گٔے یِم دۄنوٕے تٔژ یمہٕ آشنہٕ کُن یوسہٕ باپأرۍ
ہِنز کوٗرأس تہٕ تمہِ تہِ پرٕزنوو شہزادِ تہٕ روٗٹُن نالہٕ متہِ۔ برابر کوٗریٖ اُمۍ ہِنزِ دۄیمہٕ تہٕ
گوڈنچہٕ زنانہٕ تہِ۔ یہِ اوس شہزادِ تہٕ تٔمۍ ہِنزن سارِنٕے آشنن ہنٛدِ خاطرٕ سٮ۪ٹھاہے خوشی ہُند
ساعت تہٕ یمن اوسنہٕ وۄنۍ توقع تہِ رٕ دمُت زِ یِم کیاہ سمکھہٕ ہَن پانہٕ وأنۍ دُبارٕ زانہہ۔

یِیلہِ بادشاہ تہٕ تٔمۍ ہِند بو مُلازِموٕ یہِ وُچھ تم گٔے وۄنۍ زیادٕے حأران تِکیازِ
اَتھ اوسنہٕ وۄنۍ صِرف سُہ شخص تیٚمۍ یمہٕ کتھہٕ کرناوِ بٔلکہِ یُس تِہند خانہٕ دار اوس۔ یہِ تہٕ
نٮ۪یاوزِ یہِ چھُ سٮ۪ٹھاہے عالم تہٕ تہٕ تھدِ خاندانک تہِ۔

بادشاہ آو وۄنۍ اُمِس نکھہٕ پہن تہٕ پرٕژھنس "ژٕ کُس چھُکھ؟ مےٚ وَن پنٕنز
ذٕلیل تہٕ تہٕ سأئلم یہِ ژٕ ہٕ ستۍ گُذریامُت چھُ"۔

پَتہٕ وۄنۍ شہزادن اُمِس پنہٕ زندگیہِ ہنز سأرٕے ذٕلیل۔ گرٕ کتھہٕ پأٹھۍ
درٕ او، یمن ژٔۄن زنانن ستۍ کتھہٕ کٔنۍ کوٚرُن کھاندرتہٕ یِم کتھہٕ کٔنۍ سمے اَتھ جایہِ۔

بادشاہَس گیہِ اَتھ ذٕلیلہِ منٛز سخت دِلچسپی تہٕ تٔمۍ کٔر شہزادس تہٕ تسنٛزن ژوشۄنۍ
زنانن محل خانس منٛز یتہٕ تَس ستۍ روزنچ دعوت۔ یہِ کینٛژھا یموٕ ژھونڈتہٕ آویمن دِنہٕ تہٕ
شہزادِ گوو بادشاہس تیٚوٚت ٹوٹھ زِ تَس آو زور کرنہٕ زِ سُہ روٗزِن وۄنۍ ہمیشہ اُتۍ تہٕ
بادشاہس پَتہٕ سلطنت دِنک آس وعدٕ کرنہٕ۔ شہزادن یِیلہِ یہِ مون تہٕ بادشاہ سپُد
سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ وۄنۍ اوس سُہ دوہدش دربار تہِ گوھان۔ نٔوۍ منصوبہٕ آیہِ عملہٕ منٛز اَننہٕ، نٔوۍ
قونٛزن آیہِ مُقرر کرنہٕ تہٕ بیٚیہ تہِ کینٛہہ بجأیی ہنز کامہٕ آیہٕ کرنہٕ تہٕ یتھہٕ کٔنۍ بنیاو مُلک
سٮ۪ٹھاہے پاپر جاتہٕ خوشحال۔ یتھس ہوس رٕتس تہٕ عألی دماغ شہزادس ستۍ زیادٕ نکھہٕ پنہٕ

چھ خاہشہٕ کٔنۍ یوٚژھ بادشاہَن اُمۍ سُند کھاندر پننہِ کورِ سٕتۍ گرُن۔ مُلکہ، شہزادٕ تہٕ تمام دربارہو گر بادشاہ سنز یہِ خاہش قبوٗل تہٕ سیٹھے شأدیانوسان آو کھاندر کرنہٕ۔ تتھٕ کٔنۍ رۆدی معاملہٕ خوشی تہٕ خوشحألی سان بروٛنہہ پکان۔

مگر شہزادٕ اوس نہٕ مُطمئن۔ سُہ اوس پننِس مُلکس تہٕ مأل سندِ گرِچ شیچھ بوزنۍ یژھان۔ لہٰذا آے امہِ مقصدٕ اور نفر سوزنہٕ تہٕ یژٕ کأل آے تم واپس تہٕ وۄنُکھ زِ شہزادٕ سندِس مأل سندِس مُلکس چُھ وۄپرٕ وقبضہٕ کوٚرمُت تہٕ بادشاہ تہٕ شأہی خاندانکۍ نفر چھکھ قأد کرِ مٕنز۔ یِیلہِ شہزادن یہِ بوٗزتس آیہ وأنج پھٹنس تہٕ ندامت سپزِس زِمے کیاز کوٚرنہٕ یمن متعلق گوڈٕ معلوٗم۔ پتہٕ کوٚر اُمۍ ارادٕ زِبہٕ کریمن وۄپرٕ حکمرانن سٕتۍ جنگ تہٕ امہِ مقصدٕ خأطرٕ مونٛگن پننِس ہیٚہرِ بابس مدد۔ اُمِس آو کھلہٕ فوج تہٕ ہارٕ دیار دِنہٕ تہٕ پتہٕ دژٕ اوِیہ اَتہٕ۔ ہیٚہرٕ بابہٕ سندِ مُلکچ سأری لوٗکھ آسۍ اُمِس دُعایہٕ خأر کران تہٕ اُمۍ سُند رُت کانچھان۔ یہِ اوس اکھ زیوٗٹھ تہٕ کریوٗٹھ سفر مگر شہزادٕ تہٕ اُمۍ سُند فوج ووت ٹھیک پأٹھۍ مٔنزِلس تہٕ امہِ پتہٕ لوٚگکھ قأبض بادشاہ سندِس فوجس سٕتۍ جنگ۔ تمو کوٚر دوہ وادن جنگ تہٕ دۄشوٕے طرفہٕ گیہِ خونریزی مگر آخرس میٚج شہزادس فتح۔ اُمۍ ترٛاوۍ اُمۍ وِزِ پٔنٛزِ بأے تہٕ بادشاہ بیلہٕ مگر تمو پرٕ زنووِنہٕ سُہ توٚت تانی نہٕ تمن اُمۍ یہِ وۄن زِیہِ چُھ (بادشاہ سُند) ژوٗرِم نیچوٗ تہٕ کٔڈتھ ژھنٛنہٕ آمُت شہزادٕ۔ اُمۍ وۄن "بادشاہَن یعنے میأنۍ مأل ژھنُس بہٕ یہِ وَنس پیٚٹھ مُلکہٕ منٛزٕ کٔڈتھ زِتَس اوس میأنہٕ قسمتہٕ کٔنۍ مُلک میوٗلمُت۔ اے بادشاہ۔ مگر تی اوسا پوٚز"؟ تمۍ وۄن بروٛنہہ کُن "یِتھے بہٕ مُلکہٕ منٛزٕ دژاس تہٕ مے بوٗز زِ ژٕے نیوٚہے یہِ تہٕ ژٕ آکھ پٔنٛزِ سأری بأژ ہبتھ قأد کرنہٕ۔ تہٕ وۄنۍ

ییٚتھے بہٕ توہہ نِشہِ واپَس ووٚتُس توٚہی گوٚ وۄنیہِ آزادتہٕ بیٚیہِ چھکھ ژٕ وۄنی اکہِ بڈٕ طاقتور مُلکُک حکمران"۔

بادشاہن ووٚنُس لوٚت لوٚت "گوٚ برا۔ پوٚز چھُ۔ اَسہِ کوٚر ژےٚ ستیٚ غلط۔ یہِ اوسنہٕ چون گھمنڈ تہٕ چانہِ دِلُک غروٗر بلکہِ سانین دِلن ہُند تہٕ خدایَن دیُت اَسہِ امیُک بڈٕ کرٕ ڈٕھ سزا"۔ تہٕ پَتہٕ کوٚر ییمو اکھاہ کِس چیٖر نالہِ موٚت تہٕ وۄنی کیٚمن چھِن خوٚشین منٛز گاہ کھ پتہٕ تم ساری امتحان تہٕ ازمایش مُشتھ۔

بادشاہ اوس ووٚنی سبتھاہ بڈٕ تہٕ کمزور لہذا آو فیصلہٕ کرنہٕ ییمہِ ییور بیٚہہ وۄنی یہوے شہزادِ تختس ییٚلہِ زَن باقی شہزادن لوکٕٹ لوکٕٹ جاگیر تہٕ عہد دِنہٕ پِن۔ سٲری اُسی خوش تہٕ یہِ کینژہا شہزادن ییمن خاطرٕ کوٚر رمت اوس تمہِ کِنہ اُسی اُمی ہندی شکر گُذار۔ ییمہِ کِنہ ییمو یہِ خوشی سان مون۔ لہذا اسوٚ ز وۄنی شہزادن مختلف بادشاہن تہٕ پتہٕ ٹین ہیٚہہ بابن شیٚچھ زِ تم مہ پزٕ آرن وۄنی اُمی ہندِس یئیس بلکہِ سوٗ زِن اُمی ہنزن آشنین تِکیاز بہٕ چھس وۄنی پَنہٕ نِس مالی ہندِ مُلکُک حکمران۔ پژہتھ طرفہٕ اُسی اُمس مُبارک واتان۔ آشنہِ تہٕ واژس وارٕ کارٕ تہٕ شہزادن یُس وۄنی اکھ طاقتور بادشاہ اوس تہٕ یُس وۄنی عقلہِ، طاقتہٕ تہٕ دلنایی کِنہ تِہ زیادے تھوٚداوس گُذاری زندگیہ ہندی باقی دُری سبتھاسکوٗنہٕ سان۔

(راوی۔ پنڈت شوبابیو۔ رٕنی وور سرینگر)



# گگرِ وول تہٕ تَسنٛد موٗہنیوٗ رَتُن

## I

گگرِ وول اوس اکہٕ دوہ پَنُن موٗہنیوٗ رَتُن ہیتھ اَکِس گامس گرٛہان۔ یتھ سُہ کاردار اوس۔ پکان پکان پیوٚ اچانک اَمِس (رَتَنس) بیقلس یاد زِ اَز اَس سانکراتھ تہٕ تُجن کاغذ تہٕ قلمدان اَنُنہٕ خاطرٕ دوتہٕ وۄنُن اَمِس (کاردارس) زِمے دِ تنخواہ چہِ ادایگی ہُند حُکم لیکھتھ۔ ظاہر چھُ زِ اَمِس آو وَنُنہٕ زِ ژٕ پیارِ رژھ کھنڈ یوتانی اَسی مٔنزلس واتوتہٕ تہٕ رَژھا دَم ہیوٚ دِمو۔ یِم واتی اَتھ گامس منٛز ژیری پھن تہٕ ژیر آسنہٕ باوجوٗد سوٗز گگرِ وٲلی موقدَمس، پٔتھوأرِس تہٕ دوٗیمین سرکأری کارندن نادتہٕ لوٗکنک حساب ہیوٚن۔ اَتھ منٛز کھۄژ رَتنس نیندٕ رتہٕ مُشکل نِے اوس سُہ پنُنہٕ اَچھ مۄژٕ رِتھ ہبکان تھأوِتھ مگر تِمس اوس پنُنہٕ نِس مأ لکس پٔژ بتھ رأژ شوٗ نکنہٕ بروٚنہہ دستار آسان گلہٕ پٔٹھ والُن لہذا ابہر یاونہٕ سُہ شوٗ نگنس۔ اَخرتہٕ رۄ دنہٕ اَمِس برداشت تہٕ لہذا اوٚ تھ تہٕ گو وسیوٚ دے گگرِ وألِس نِش یُس امہٕ وِزِ گامہٕ کِنہ سرکأری کارندن منٛز باگ ہیتھ اوس تہٕ اَمِس دستار گلہٕ پٔٹھہ وألِتھ تھوٗون کیچہٕ پٔٹھ الوند۔ اَمی سُند شرارت کھسنہٕ بدلہٕ تژ ووگگرِ وألی اَسَن تہٕ تی کوٗر اَتہٕ سارِوے۔ تِتھس اَکِس بڈِس موٗہنِوس یَس اَندی پکی لوٗ کھ ہیتھ اَسَن دستار ٹلِتھ ہتھ ووڈ نوٗنے روزُن اوس تَس ستی یہے مسخری ہش باسان۔ یِیلہٕ رَتنن مأ لِک پَنُن

اَسان وُچھ کرٕ تمۍ سۆ چ پانٕسے ستّر زِ'' آ۔ یہِ چھ وۆنی آرامہٕ ہے۔ بۍ گژھہٕ تہٕ رٹہٕ تنخواہ۔''
لہذا آوسہٕ کاغذا ہیتھ تہٕ تمۍ چھس دِپان دِتیلہِ مے تنخواہ چہ ادائگی ہُند حُکم۔

(راوی۔ پنڈت آنند کول۔ سرینگر)

☆☆



اکہِ دوہہٕ تۍ ووگگر وأنگ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن باسان اوس سُہ چھ کتھ تانی پیٹھ سبٹھہٕ خوش۔

رتنن پرٛژھس ''تۍ کیا زِ اَسان''

''تکیا زِ مے کیاہ سازینہِ اَزیمن گامہٕ کمِن حسابَن پر چہ ژٕ تھ ہتھ روپیہ'' أمۍ دِتُس جواب۔

أمۍ سُند مطلب اوس زِ أمۍ اُس پہندِس حسابس فرق کڈ مُت۔

''او۔ ہو'' رتنن سۆ چ ''وُچھ کۆت سہل پاٹھی زیٛون أمۍ! بہٕ تہِ گرِ یلی گوڈنچہِ فُرصتہِ مژٕ''۔

اَمہِ کنی تِتھے گگر وول پننہِ نِس علاقس کُن دژٕ اور تہٕ رتنن تُج دُکانٕکہ تہٕ گرِن مائکہٕ ہِندِس بہی کھاتس پیٹھی تِمِس کیاہ میلہ ہے اَتھ۔ أمِس کھوت سخت شرارت تہ تِتھے

أمی سُند مأ لِک واپس ووت۔ سُہ گوو تمِس نِش تہٕ وونُنس "ژٕ چھکھ اپُز یوٗر۔ ژےٚ
وۄنتھ زِ ژےٚ میٚیج حسابہٕ پرچہٕ ژُ ٹھ ہتھ روپیہٕ۔ یہِ ۄچھےٚ تہٕ کرِیا وِی مگرا کھ پۄنسہٕ
تہٕ میوٗلُم نہٕ"۔ یہِ وُنتھ دِژ أمی تَم کاغذ تِلمہٕ پَتھر دأرِتھ یمہٕ کِ ژِ چہٕ مِژ آسہٕ تہٕ دژا وکمہٕ
منٛز۔ ییٚلہِ گگروألی یہِ وُچھ زِ أمی فأطرن کیاہ اوس کوٚرمُت سُہ ہیوٚتُن پاگل گوٚھن
تِکیا زِ تمِ سُند سورُے حساب، رسید، ادا یگی سأ لُم اوس أتھی منٛز درج۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھنموہ)





اکہِ دوہہٕ گوو گگروول سالَس تہٕ رَتَن اوسُس ستی۔ کھنبَس دوران ووٚن
أکِس پۄژھی ہندِس موٚہنیوِ پنہِ نِس مأ لکس پرٛ بتھ کأنسہِ بوزُون "بُلبُل حِض چھُ
سُنبلس پیٹھ بہتھ" مطلب اوسُس یہِ وَنُن زِ بَتہٕ پھوٚل اوس مأ لِکس ریشس پیٹھ۔
أمی ہندی مأ لکن سَمجھ تہٕ وولُن یہِ پَتھر۔ سارِوے پرٛھسوکری أمِس نوکرِ ہندِ کلاء مکر
تعریف تہٕ دِیان أسی تِتھے نوکرا گو ژھ آسِ تہِ۔ سالہٕ پَتہٕ دژ او گگروول نمبر تہٕ رَتَن
گوس پتے۔

"رتنا۔ بوز یوٚگن" أمی وونُس "یادتھأوی زِیہِ أمی موٚہنیوِ پنہِ نِس مأ لِکس
ووٚن تہٕ ہرگامےٚ زانہہ ریشس پیٹھ بتہٕ پھوٚل روزِ ژٕ أسی زِتی ونان"

"ٹھیک حِض چھُ" رتنن وونُس۔

اَمہِ پَتہٕ کٕمے کاڑی پُرٕ ژھکھ گگروأرلس ہیٚیس جایہِ سالس تہٕ تٕمی ژُل پَنٕن یہِ پَتہٕ
پیٹھک وفادار رَتُن ہتی۔ کھوٚ ان کھوٚ ان تھوٚ ائی زانتھ مأنتھ ریشس پیٹھ بتہٕ پھوٚل۔

رَتنن وۄنُس " ہے جناب۔ یہِ توہہِ مے تمہِ دوہہِ فلأنی جایہِ نبرٕ کنہِ وٕنیووتی
ھُن چھی ریشس پیٹھ " اَتھ پیٹھ ژوٗل سارِنٕے پرٕھبن ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسُن نٕیرتھ۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھنموہ)



# IV

اکہِ دوہ کھوٚت گگروأرلس موٚہنوی سُند سخت شرارت تِکیاز تٕمی اوس بتہٕ خراب
کوٚرمُت تہٕ وۄننس زِ بییہِ ساعتہٕ ییلہِ بتہٕ پھیارُن آسی مےٚ دٕنی زِ تہٕ بہٕ ہاوے کیاہ چھ
آسان کرُن۔ دۄیمہِ دوہہٕ لوگ رَتنن دوہد شکی یأٹھی دانس ہوٗن تہٕ لوگن بتہٕ تہٕ بیٚیہِ
باقٕے چیز رَنٛزِ ییلہِ زَن گگرو ول پانہٕ گامہٕ کس خرمنس نظر دِنہِ گوو۔ ییلہِ بتہٕ پھیارنس
ووت سُہ وۄتھ تہٕ گووماأرلکس آلو کرنہِ۔ مگر سُہ ہیوٚک نہٕ تمس نش برابر وأتتھ تہٕ تتھہٕ
یأٹھی زَن کانٛہہ معمولی نوکر گرِتھ ہیکہِ ہے۔ بَلکہِ رٕو دسُہ دوٗرے پہن أکس کلس
ژھایہِ تہٕ کلہِ نبر کُن کڈِتھ اوس مأرلکس اِشارٕ ہاوان زِ وولہِ وۄنی۔ مگر گگروأرلی وُچھی نہٕ
سُہ ییتہِ دوٗرِ پیٹھہِ۔ لہٰذا رٕودیہِ بیقل تٕتی ترٕے گأنٹہٕ کھوتہٕ زیادٕے وقس پرٕاران۔
أخرس ییلہِ گگروأرلی کأم موکلاوتہٕ درٕاو ڈیرس کُن تہٕ اتہِ وُچھن پَنُن موٚہنیوٕ کلس ژھایہِ

سمبٹھا مایوٗس پأٹھی۔ "ژٕ کیٛاہ اَتہِ گران۔ ژےٚ روٗنتھامےٚ خأطرٕ بَتہٕ" اَمی پزٕژھنس۔

رَتنن وۄنُس جناب۔ ژےٚ ونیٛاتھ مےٚ زِییٛلہِ بَتہٕ پھیٛارنس واتی تہٕ مےٚ دِٕژ زِ۔ توَے آیاس بہٕ یورتہٕ تنہٕ پٹھہٕ ووتُے مےٚ ژےٚ گلہٕ ستی ہاوان ز، وولہٕ یوٚت تاژ یہِ وقت ووت۔ افسوٗس۔ افسوٗس، وُنیُس تاژ آسہِ بَتس دٕ زِتھ ژِنٕ گمُژ۔ تہٕ تہٕ اوس یقیٖن گرٕژھنُے۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھنموہ)





اکہِ دوہہٕ گوو گگرِوول رَتنس ستی ہیتھ اَکس گامَس۔ اوٗت وأتِتھ بُلو وأتی اَتیٖک زِیُٹھ تہٕ وۄننس زِ گرِ سوزِ شامَس رننہٕ خأطرٕ دالہِ سِٹیٛا۔ باقی لوٗکن ہندی پأٹھی اوس یہِ کاشت کار تہٕ سوچان زِ تِتہِ چھامےٚ وۄن کاردارن دال سوزِنی تہٕ سوٗزِن موٚہنوِس اَتھہِ اکھ کھار دال۔ توہہِ کیٛاہ باسان رَتنن کیٛاہ کوٚر اَتھ؟ سُہ گوو تہٕ رٕنن یہِ پَھلہِ پَھلہِ سأرٕ ے۔ یہِ اَس بۄڈِس سأرٕ سُمب۔ تِژ ہ پیٚٹھی دالہِ دبگل اَسی گرٕبکہٕ گرِ بکھ کران۔

(راوی۔ پرکاش رام، سوٚتھ سرینگر)



# بدفطرت مُلکانہٕ

یہِ اوس اکھ بادشاہ تیٚمِس ترٛے زنانہٕ آسہٕ یمو منٛز ژٕ تٔمِس بیٚیس أکی ہِندِ کھوتہٕ زیادٕ ٹاچھہِ آسہٕ تِکیاز تِمن اَتھِ آسہٕ أمِس ژٕ کورِ زامٕژ ییلہِ زَن ترٛیمہِ زنانہٕ کہنہٕ اوس نہٕ زامُت۔ چھیکرس تہٕ اَس ترٛیمہِ زنانہٕ وومید وأری تہٕ ہُمن دوٚن گو سخت خوف پأدٕ زِ اَمِس گوٚژھہ نہٕ نیٚچو زیوٚن لہٰذا اگر یمو وارنہٕ ءتی زٕلتھ یہِ ژوے زِ ہرگا أمِس نیٚچو زاوسہٕ چھ کُنہِ وُنہٕ پأٹھی دوٗ براوُن۔ وارنہٕ اوس شُرٕ ہِندِ بدلہٕ کانٛہہ جاناوار یا کُنہٕ تہٕ بدل کانٛہہ بچہٕ تھاوُن۔

خَلاصہٕ گرٛھنہٕ بروٚنٛہہ سوٗ زمُلکانہٕ وارنہٕ نادتہٕ ووٚنُس مےٚ وَنتہٕ زِیہِ آسیا لڑکہٕ کِنہٕ کوٗر۔ وارنہِ ووٚنُس زِ نہ زیوِ نیٚچو تہٕ نہ زیوِ کوٗر بٔلکہِ کانٛہہ جاناوار۔ تمہِ ووٚنُس یتہٕ زِ مےٚ چُھنہٕ پتاہ زِ کتھٕ کِنی مگر ییٚہٕ ہٕن چُھم یقین زِلی آسہٕ۔ یہِ بوٗزِتھ سپٕز ملکہ سخت غمگین تہٕ وارنہِ ووٚنُن زِیہِ گتھ تھأوِ زِ ہِر تہٕ یہِ گرٛھہِ نہٕ بادشاہ ہِند بن کَمن گرٛھنی۔ اَمِہ کوٗرُس وعدٕ تہٕ پتہٕ تھوونُس وٕنتھ زِ ہرگا کانٛہہ پرٕ ژِھی تَس وٕنی زِ بچہ اوس زیٚنہٕ بروٚنٛٹھے موٗدمُت۔ لہٰذا ییلہِ ووٚنی أمِس وقت ووت تہٕ مُلکانہٕ دیُت حُکم زِ اَتہٕ گرٛھہِ صرف وارِنی روزٕنی۔ یہِ زَن توقع اوس أمِس زاو نیٚچو مگر وارنہٕ تھوو یہِ شُر ژٕوٕرِتہٕ اَتھ بدلہٕ

ہیوُن مُلکانہٕ اکھ کاوتہٕ وۄنُس دُوچھتھا۔ دژ اونامیُون وُنن پۄز۔ وۄنِ مہ ہےژ اَہ پریشانی بہٕ گرٕھہٕ تہٕ وُنی تھاوَن بہٕ یہِ ژۄرِ۔ اِمیُک لگہِ نہٕ کأنسی پَے۔ یِی ونان ٹُل اَمہِ بدخصلت زنانہِ اَمی سُند بچہِ تہٕ بیٚیہ کاو بچہٕ تہٕ اَتہِ نیرتھ ہاوِن یمہِ ہُمن دۄن مُلکانِن یمہٕ سبٕٹھا خۄش گیہِ تہٕ اَمِس بۄڈ انعامہٕ دِنُک وعدٕ کۄرُکھ۔

یمو دۄیو زنانو بۄر رُلی ۄلی یہِ بچہِ اَکِس صندۄقس تہٕ ترٛ ووُکھ دریاوس تہٕ رائے اَسکھ زِ صندۄق پھٹہِ آبس تہٕ اَتھی سٟتی موکلہِ یہِ معاملہٕ۔ پرمیشور سنزِ مہربانیہِ رۄدیہِ آبس پیٹھے پران تہٕ یہِ رۄٹ اَکی بُڈ باغوانن تیمی یہِ مۄژر تہٕ امہِ منٛز کۄڈُن یہِ بچہِ۔ اَمِس اوس نہٕ پانَس کانٛہہ شُر تہٕ یتھ ہیۆ مارک مۄندلٕکہٕ لٔبتھ گوو سبٕٹھا خۄش۔ خوشی سان اَنن اکھ زٕنی اَمِس دۄد دِنہٕ تہٕ وُچھنہٕ واشنہٕ خأطرٕ۔

بیٚا کھۄرِ یاتہِ دژ اوتہٕ ترٛ یمہِ زنانہِ اَس بیٚیہ جلدٕ ے وۄمید۔ ہُمن دۄن مُلِکانِن گوو خوف تہٕ یمہِ اَزرُونہِ کِنِ زِ یہِ گۄژھنہٕ لڑکہٕ آسُن گرٕ یمو وارنہِ سٟتی بیٚیہ ژۄ ے یتھ زِ سو بچس ژۄرِ نتھ ماجہِ دھوکہٕ دِیہ ہے۔ بیٚیہ سپُد تی زِ لڑکہٕ زاو مگر وارنہٕ وۄن زِ کاو بچہِ زاو تہٕ یہِ ژھیٚپر اونہٕ خأطرٕ دژ ایہِ جلدٕ ے کمرٕ منٛزٕ۔ یتھنہٕ زن بادشاہس تہٕ شأہی خاندانہٕ منٛزٕ کأنسہِ پتاہ لگہِ ہے۔ بچہِ نیۆ تمہِ ہُمن دۄن بدخصلت مُلکانِن نشہٕ تہٕ تِمو کۄر تَس تہِ تی یہِ گوڈٕنکس بچس کۄر مُت اوسکھ۔ مگر پرمیشور سنزِ مہربانیہِ سٟتی رۄد صندۄق آبہٕ پیٹھی پرٕ وسان تہٕ ووت تۄتے یۆت گوڈٕنیُک واژ اوتہٕ اَتہِ ٹُل یہِ تمی باغوانن تہٕ خۄشی سان رۄٹُن یہِ شُر تہِ مونکتہٕ۔

وُنہِ اوس نہٕ ترٛ یم ۄری دژ امُت زِ مُلکہ اَس گوو بہِ کھۄرٕ مگر افسوس تُمہِ سنز

ودمیدٕ آسہٕ پھٹنہٕ خاطرے بنیمژ۔ گوڈنچو کامیابیو پتہٕ اوس ووٚنی ہُمن دۄن مُلکانٕن دِل درٕ یوٚمُت تہٕ بچہ بدلاونہٕ خاطرٕ دِژیمو وارنہٕ پٔچھ۔ تہٕ امہٕ پتہٕ پھِرِ ییلہٕ ترٛییمہ زنانہٕ زٕ شُری دُچہٕ زاے ییمو منزٕ اکھ لڑکہٕ تہٕ اکھ کوٗرٕ اٗس تہٕ امہٕ بدخصلت زنانہٕ (وارنہٕ) وۄن زِمُلکہٕ زاے زٕ ہونہٕ بچہٕ۔ لہٰذا ادژ ایہٕ فورن لوسہٕ کُٹھہٕ منزٕ یتھ زٕ ییمن کُنہٕ جایہٕ میوٚتل ژھیپراوِ ہے۔ ہُمن دۄن بچن ہتہٕ تہٕ آوتی کرنہٕ یہٕ زٕن ییمن بروٚنہہ زامتین شُربن ہتہٕ کرنہٕ اوس آمُت۔ مگر پرمیشور سنزِ مرضیہٕ کنہٕ وٲتی یم زٕ تہٕ تِتھہٕ کٔرِ چھپن جایہٕ ییتہٕ ہُم گوڈنکی اٗسی۔ سو کوسہٕ زیو آسہٕ یوسہٕ مُلکہٕ ہُند سُہ دوکھ بیان ہیکہٕ کٔرِتھ یُس تٔس ترٛییہ پھِرِ ناوومیدی حاصِل سپدنہٕ کنہٕ سپد۔ امہٕ پتہٕ اٗسہٕ سو کانٛہہ بتہٕ یژھان دِین تہٕ نہٕ کینژھاکھوون ئلکہٕ اٗس صِرف پٔتِن مرٛن کانچھان۔

امہٕ پتہٕ کینٛہہ شب گٔذرِتھ آسہٕ ہُم مُلکانہٕ بادشاہس ہتہٕ کتھا باتھا کران تہٕ تمو وۄن اٗمس تمن عجایب زُوذاژن متعلق یم اٗمس بیٛیس زنانہٕ اتھہٕ زامتہٕ اٗسی۔ بادشاہ سپد یہنزِ کتھہٕ بوٗزِتھ سخت حاران تہٕ پریشان تہٕ فورن سوٗ زُن وارنہٕ نادِیتھ زِ تمس یہٕ پزٕ ژِھہ ہے زِ آیایہٕ اوسا پوٚزٕ ے۔ وارنہٕ ووٚنُس آیہٕ چھے ژٕ پوٚز وِنان یتھ پتھ بادشاہن امی ساعتہٕ حُکم دِیُت زِ یہٕ نِچارٕ مُلکہ گژھہِ فِل فور مُلک بدر کرنہٕ۔ مگر تہٕ کٔرِتھ سپزٕ نہٕ سو مُلک بدر۔ محل خانہ کین شاہی نوکرن گو یہٕ شک زِ یہٕ اوس سائلم ہُمن دۄن مُلکانٕن ہنزٕ چال ییمن متعلق ییمن پتاہ اوس زِ تمن اوس یہنزٕ ٹاچھ ملکہ ہُند ازروٗن تہٕ توٗے تہٕ رۄدی یم بادشاہس ونان زِ یہنزٕ پننہٕ ناماوٲری کنہٕ گژھہِ یہٕ جان زِ یہٕ خاتوٗن ایسہٕ مُلک بدرکرنہٕ ئلکہ گژھہِ اٗمس خاطرٕ دوٗر کُنہٕ باغس منزٕ مکانا

یُن بناونہٕ تہٕ یُتاہ اَمِس ضرورت آسہِ تیٚوٗت وفوٗر گرٛھبس پٲنسہٕ ٹوٗنک دِنہٕ یِن۔

ہُپٲرِ اوس بُڈ باغوان شُربن رٕتی پٲٹھی وٕچھان واشان۔ تِم گٔے ڈٕلی ڈٕلی بُڈی تہٕ آے سکوٗل سوزنہٕ۔ یِمن لڑکن آیہِ باغوانی ہِندِ کارِ چ تہِ تربیت دِنہٕ۔

اکہِ دوہہٕ آیہِ اکھ چالاک بُڈا ہمن دوٗن مُلکانٮ۪ن نِشہِ۔ سو اُس پٔنٕن کار تِتھہٕ پٲٹھی چلاوان زِ مختلف جاین ہٕنزٕ ڈٔلیلہٕ سوٗمبرِتھ اُس کانسہِ تہِ شخص بوزٕناوان یُس تَس بوزِ ہے تہٕ پٲنسہٕ دِیہ ہے۔ یہِ زانتھ زِ یہِ اُس اکھ چالاکھ بُڈ تہٕ توے پرٛژھ ہس زِ اَسہِ وَنتہٕ اَسہِ کیاہ زِ زاونہٕ نیٚچو تہٕ وۄنہس ژٕ انٛتِن کانٛہہ مردِ خدایا یُس یِمن ہٕنز خاہِش پوٗرٕ سپدنس منز اَتھہٕ روٗٹ کرِتھ ہیٚکہِ ہے۔ زنانہِ وۄنُکھ زِیہِ گو وُنلی تہند سوچُن تہٕ کوٗشش کرنی زِ توٚہی کیاہ ہیٚکو خدایہ سٕنزِ مرضیہِ نِشہِ ڈٔلِتھ۔ یہِ چھے تِمی سٕنز مرضی زِ کَس دِیہ تہٕ کَس دِیہ نہٕ۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ ڈٕنی تِمہٕ یِمن باغوانہٕ سٕنز ڈٔلیل یُس ترٛے نیٚچوٕ ر تہٕ اکھ کوٗر رٔچھے تہٕ یِم تَس نِش صندوٗقس منز دٔریاوس پیٹھ یِران یِران وٲتی۔ ییٚلہٕ یِمو دو یو مُلکانو یِمہٕ لفظ بوٗزی تِمہٕ سپٕز سخت حٲران۔ تِمو پرٛژھس باغوانن کیاہ کوٗر تِمن۔ تِمی پرٛناوٕ دیا تِم، تِم چھا تَسندے گرِ روزان۔ بجہِ وۄن یِمن سٲلِم کیٚنٛہہ زِ تِم کِتیاہ مٲرٕ مُندی چھ، چالاک کَتھی چھ تہٕ یِم لڑکہٕ کَتھہٕ کٔنی چھ بُڈٕ سٕندِس باغس منز کٲم کران تہٕ تِمہٕ کوتاہ چھ بیٚنہٕ ہُند خیال تھاوان۔ یِمو دو یو مُلکانو دِیٖت اَمِس باس زنتہٕ یِمن لڑکن ہِندِس بیٚنہِ نِسبت اخلاص مند آسُن بیوٗٹھ نہٕ لِہٰذا وۄنُکھ اَمِس دانا بجہِ زِ ژٕ کرِتھ ندِس بیٚنہِ ٹاٹھ آسنس امتحان۔ ژٕ کرُن کوٗریتھ پیٹھ تیار زِ سو وَنہٕ تِمن مے گرٛھہِ فلاٗنی خوٗبصورت جاناوار یُس تِم اَمِس اَنٛتھ دِنی گرٛھن۔ تِمو وۄنُس یہِ چھُ اکھ عجیب

جاناواراہ تہٕ کۄ رژ ھانڈ یہِ ضرور تکیٚا زِ یہِ چھُ اِنسانن ہندی پاٹھۍ کتھہٕ کران تہٕ تیٚتھ چھُ

گو ان زِ دُنیاہَس منٛز ہیکہِ نہٕ ییٚہِ کانٛہہ تیٚتھ گیٚوتھ"۔

تمو کۄر اُمس زنانہِ وعدٕ زِ ہرگاہ سو یہِ کرِتھ ہیٚچھ تیٚلہِ دِن یم اُمس بوٚڈ بارٕ

انعام۔ بجہِ وۄنُکھ بہٕ کرِ تہٕ دژ ایہِ۔

تمہِ اُنی ؤلی ؤلی یہِ کۄ رپننہِ لیٚہِ تہٕ وۄنُس اُمس عجیب جاناوارس متعلق تہٕ تَس

گو اُمس متعلق یمہِ کتھہٕ بۄزِتھ تیٚتھ شوق زِ دوہَس راتس اوس نہٕ تَس وۄنی قرارٕ ے

زِکرنتہٕ کالۍ میلہِ مےٚ یہِ جاناوار۔ اُمۍ ہِند بوتریو بایوٚ زون زِسو چھنہٕ خوش تہٕ پزٕ ژھہس

امیٚک وجہ۔ تمو کۄر اِرادٕ زِ اَسہِ منٛز گرٕ شہِ اکھاہیوٗتہٕ اَنہِ اُمس جاناوارس۔ گوڈٕ نبتھ دژ او

زیٚٹھ ہیوٗ تکیٚا زِ باغچہِ کامہِ کنٕز ہیکہِ ہَن نہٕ تم ساری اکے ساعتہٕ نیرتھ۔ تَس اُس اکہِ

جنگلہٕ کنٕز وَتھ تہٕ اَتہِ سمکھیاس اکھ شِکارؠ تہٕ پرٕژھن اُمۍ ہے زِژے ماچھی اُمس

جاناوارس متعلق کینٛہہ پتاہ۔ اُمۍ وۄنُس اور زِمےٚ چھنہٕ کینٛہہ پتاہ مگر وۄنُس زِ اور

گرٕژھنس چھُ سیٚٹھا خطرٕ۔ تمۍ وۄنُس "واریٚہولٕ کو اُس اور گرٕ ھیٚچ کوٗشِش کرِ ہٕ مگر وَتی

اُسی مۄ دیہٕ تی" مگر لڑکن ہارِ نہٕ ہمت۔ اُمۍ اوس جاناوارانٛگ شبقہٕ اِرادٕ کۄ رمُت لہٰذا

پرٕژھنس توتہِ وَتھ۔ شِکاری ہاوِنس وَتھ تہٕ دژاوس بروٚنہہ گن۔ اَمہِ پتہٕ ووت یہِ اُکس

بڈس ماٚدانس منٛز اَتہِ سمکھ نہٕ اُمس کانٛہہ اکھا ماسولیہِ اکھ جوٗگی یس اُمۍ پٕنٕز یہِ منٛج کتھ

ؤنی۔ جوٗگی وۄن اُمس زِ مہٕ کرِ یرٕشہ کوٗشِش مگر سُہ ہیوٗکنہٕ اُمس پتھ رٕٹتھ لہٰذا

وۄنُن اُمس جوٗگس زِژ ہاوِ مےٚ صرف وَتھ تہٕ دِتم اور کُن نیرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دِیُت جوٗگی

اُمس اکھ کنہِ پھۄل ییٚہِ اکہِ لوٗکٹ کتھوٗس تہٕ وۄنُس زِژ تژ اُوی زِ یہِ کنہٕ پھۄل

پانس بروٗنہہ گُن تہٕ پکی زاُتھی پَتہٕ پتہٕ۔ دۄ پنس زاُتھ کنہٕ پھلِس پَتہٕ پَتہٕ واتکھ ژٕتھدِ بالہٕ کِس دامنس تَل تہٕ اَتہٕ بوزکھ ژٕ سخت شور یہوے مانتہٕ سخت گگراین تہٕ واوِ طوٗ فانک ہیوٗ۔ اتہٕ ما گرٕ ھی ژٕ ے ناو ہبتھ تہٕ آلو مگر کھوٗ ژٕ ی زہنہٕ تہٕ نہٕ دی زِ امہٕ خاطرٕ پتھ گُن نظر۔ ہرگاتہٕ کوٚ رُتھ تیلہٕ گرٕ ھکھ اُتی وٕ تسی۔ ژٕ یلہٕ بالہٕ تیٚتھاکس پیٹھ واتکھ اتہٕ وُچھکھ ژٕ سوٗنہارٕی آٹب اکھ ناگ تہٕ اُتھ ناگہٕ بٹھس وُچھکھ اکھ گُل۔ امہٕ گلچہٕ اُکس لنجہٕ وُچھکھ اکھ پنجرٕ الوند۔ اُتھی پنجرس منز چھ یہٕ جاناوار۔ گلس نشہٕ واُتتھ گری زِ گوڈٕ اُتھی لنجہٕ تھپھ تہٕ اِدٕ دی زِ اوٗ ند پوٚک گُن نظرتہٕ وُچھ زِبہٕ کیاٚرٕی آس۔ یہٕ گری زِ ضروری تہٕ راوی واپس وَتھ۔ جاناوار پرٕ ژٕ ھی زِ ژٕ کیاٚ زاُ آکھ یور تہٕ ژٕ دی زبس جواب زِبہٕ آسے ژٕ ے زِنہٕ۔ امہٕ پتہٕ چھی نہٕ ژٕ ے کانٛہہ پرواے تہٕ ہرگا ژٕ یم ساٚری چیز کرٕ کھ تیلہٕ تیٚی نہٕ کانٛہہ زیاد سختی تہٕ جلدٕ ے ہیکِکھ جاناوار ہیتھ واپس یِتھ۔ لڑکہٕ دڑ اوتہٕ کینژھا دوٗرتانٛ پکِتھ سِیُد سائلم رٕتی پاٚٹھی مگر ییٚلہٕ سُہ بالس نِشہٕ ووت تہٕ اَتہٕ اُکی زبردست کربکہٕ ناد ، گگراین تہٕ واوُک زبردست شور یوٗ زِ سُہ پھیوٗر پتھ گُن تہٕ امی وِزِ بنیاس گنہٕ پَل۔

امہٕ پتہٕ کینٛہہ دوٚہ سوٗنچ دوٚ یم ہوی باٚے زِبہٕ گرٕ ھہٕ تہٕ وُچھہٕ زِ تَس ستی کیاہ سَپُد۔ سُہ ووت تتھی جنگلس منز یپاٚرٕ تسُند بوے اوس دڑ امُت تہٕ اَتہٕ وُچھن شکاٚرٕ تہٕ تِتھے کنٛہ ووت بڈٕ ما دانہٕ کنہٕ تہٕ اَتہٕ نیرٕتھ سمکھیاس جوٚگر۔ یمو دوشوٕ ے کریا واُمس سخت زِ ژٕ متہٕ گرٕ ھ تہٕ۔ اکھتے وۄنہس باٚے سِندِ مرنک تہٕ تیٚمیک ثبوٗت یہٕ اوس زِ کترٕ کھوس تہٕ گنہٕ پھوٚل اوس واپس جوٚگس نِش ووتمت۔ ییٚلہٕ اُکی یہٕ بوٗزاُکی پرٕ ژٕ ھ جوٚگس زاُکی سِندس باٚے سِندس (واپس زِند گرٕ ھنس) چُھنا کانٛہہ چاراتہٕ اُکی وۄنس

اور۔ آچھس مگر صرف تسندی دٔسی یُس اُمس جاناوارس اُنتھ ہیکہِ ژتیلہِ دِمےٚ یہِ
کھوس تہٕ گنہِ پھوٚل تہٕ دِم روخصت" لڑکن وۄنُس۔ جۆگی ڈُس تہٕ دژاو یہِ
لڑکہٕ۔ کینژس کالس رۄ دسہ بأے ہسندی پأٹھی ٹھیک پأٹھی بروٚنہہ گُن پکان مگر ییلہِ
بالس نِشہِ ووت تہٕ اَتہِ خوفناک شور بۄزن سُتہِ پھیۆر ریوٚت تہٕ گوودٕنس۔
اَمہِ پَتہٕ کینژہہ کالی کوٚر رکائنسہٕ گژ ہوی یمن ژھانڈنہِ نیرنک اِرادٕ۔ دوکھہٕ ہتہٕ
مگر بہودُر پأٹھی ہیوٚت اُکی بیٚنہِ تہٕ موکتہٕ مأجس روخصت تہٕ دژاو۔ سُہ ووت جنگل تہٕ
وُچھن اَتہِ شِکأری تہٕ پَتہٕ ووت بروٚنہہ گُن بڈِس مأدانس منز تہٕ وُچھن جۆگی۔ تمن نِشہِ
بۄزأی پَنہٕ بہن دۄن باین ہندِ مرنک تہٕ وَننہٕ آس زِ ژ تہِ مہ کریژھ کوٚشش مگر یہِ
پھیۆر نہٕ باز۔ "میانہِ زندگیہ کیاہ مزٕ تہٕ کیاہ حسرچھ میانبو بایو ورأے؟" تمی وۄن
جۆگی ہسندس واپس پھیرنہٕ باپتھ جِدوجہدس منز تمِس درجواب "ژ دِتہٕ مےٚ کھوس تہٕ گنہِ
پھوٚل تہٕ بہٕ گژھہٕ تہٕ کرِ جاناوار حاصِل کرنچ کوٚشش ییمہِ سٟتی میأنی بأے دُبارٕ زِندٕ
سپدن تہٕ میانہِ بیٚنہِ ہنز خاہش تہٕ پوٗرٕ سپد"۔
لہٰذا دِتی جۆگی اُمس یم چیز تہٕ دِتُنس نیرنک اجازت۔ امہِ وِزِ ووت نہٕ
کھوس تہٕ گنہِ پھوٚل جۆگس واپس تلکیاز لڑکن گرڈاڈ تہٕ سُہ کھۆژنہٕ تہٕ توت تاژ
دِژن نہٕ پوٚت نظر یوٚت تانی نہٕ بالہِ تینتألس پیٹھ ووت۔ اَتہٕ وُچھ اُمی سونہأری آبک
ناگ تہٕ اَمہِ کِس بٹھس پیٹھ اکھ کُل تہٕ امہِ کُلچہٕ اُکس لنجہٕ پیٹھ وُچھ اُمی پنجرس منز
جاناوار ییمہِ ہسندی میٹھی بأتھ فِضاہس منز وَزان اُسی۔ یتھے اُمی اَتھ کُلی لنجہٕ تھھ کر
سوٗرے شور تہٕ گگراےِ گےٚ بند۔ اَتہٕ اُس نہٕ وۄنی کانہہ آواز ماسولیہ اُمس جاناوار

ٮ۪نز یِہ آواز زِ ژ کیا زِ چھکھ یور آمُت تہٕ ژٕ ےٚ کیاہ گژھی۔ لڑکن وۄنُس مےٚ گژھہِ نہٕ رِکھنۍ صرف ژٕ تہٕ کینٛہہ سونہأری آب تہٕ بێیہِ یِہ گُلۍ لٔنڑ۔ یتھ پێٹھ یِہ ٹنجٕر الوندٕ چھ تہٕ بێیہِ گژھن میٲنۍ دونوے بأے واپَس زِندٕ سپدٕنۍ۔ جاناوارن وۄن اُمس زِ ژٕ ٹھ یِہ لٔنڈ تہٕ بَرٕ پنِنس کھأ رِسس سونہری آب۔ جاناوارن وۄن اُمس زِ ژٕ بَرٕ بیا کھآبہٕ بانہٕ تہٕ۔ یِہ بانہٕ آسی اُتی کُنہِ اُندی پٮ۪کی۔ لڑکن کوٚریٚ تہٕ پَتہٕ تُلُن یِہ ٹنجرٕ تہٕ باقٕے چیز تہٕ لوٗگن (بالہٕ پێٹھہٕ) واپَس وَسُن۔ بوٚن وَسان وَسان وۄن جاناوارن اُمس زِ ژٕ چھکھ اکھ آبہٕ بانہٕ تمن بجن کنِمن یمہٕ اَتہِ اُندی پٮ۪کی چھکرِتھ آسہٕ۔ لڑکن کوٚریٚ تہٕ یمہٕ سارے کُنہِ بنیہِ سیٚوٗ ڈُے اِنسان۔ بادشاہ، شہزادٕ تہٕ وارِیہہ بُڈٕ، بہادُر تہٕ پاکباز گٔے واپَس زِندٕ۔ تِمو آے تہٕ کوٚرُکھ اُمس لڑکس شُکریہ تہٕ اکھُتے وۄنہس زِ اُسی کروے ژٕ ے نوکرأزی۔ اُمۍ ٮ۪ندی زِ بأے تہٕ سپدی زِندٕ تہٕ بروٚنٛہہ کُن ییٚتھ پرٕ ژٕ ڈھس خأرٕ پاٹھ۔

اُرِکس دۄن دوٚہن اندر اندر وأتی یِم سأری جوٗ رِکس نِش۔ یِم ترٕ ے بأرٕنۍ اُسی سارِنے بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ۔ ییلہِ اُمۍ یِہ لڑکہٕ وُچھ تہٕ جوٗگ زون زِ لوکُٹ ہیوٗ لڑکہٕ چھ کامیاب سَپُدمُت تہٕ کوٚرنس دُعایہِ خأر۔ بروٚنٛٹھ کُن پھَن پکِتھ آو شِکأری تہٕ یمن سمکھنہِ۔ یِم وأتی باغوان سُندٕ گرٕ خأرٕ سان تہٕ اَتہِ کوٚر اُمۍ بُڈٕ موٚہنوی تہٕ یِہنزِ بێنہِ یمن تہٕ بێیہِ یمن ٮ۪تۍ آمتین دُبارٕ زِندٕ گمتین نفرن استقبال۔ یِم بُڈۍ لوٗکھ اُمس لوکٹس لڑکہٕ ٮ۪ندٕ دٔسۍ دُبارٕ زِندٕ اُسی سپدی ٮ۪تۍ تِم تہٕ ژاے یمن پَتہٕ یِہندِس گرِس منٛز تہٕ اُسی نہٕ اُمس نِشہِ نیرانے۔

بُڈٕ باغوانن وۄن زِ "اُسی رِکتھہٕ کنۍ ہکو پیٚتین نفرن وأتِتھ"

جاناوارن وۅنُس ''مہ ہے غم۔ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز واتہٕ''

جاناوار سُند وَنُن دزٕاو پوٚز۔ پزٕ بتھ دوہہٕ اوس کھیمن چَن برابر واتان۔ پزٕ بتھ کانٛہہ مختلف چیز اوس سیٹھا مقدارس منٛز تہٕ سولہہ سولہہ تہٕ ساٗری پزٕ ھی أسی مُطمٔن۔ یؤت جلد مُمکن سَپُد تہٕ تیٛؤت بنوواٚی باغوانن تہٕ تٔمی ہندبو مونکتہٕ نچوبو پننہٕ نٔمن یمن لٲزِم دار پزٕھیمن ہندِ خاطرٕ اکھ شاندار مکانہٕ۔ تمو کھنو واتہٕ اکھ بوٚڈ تلاو۔ یتھ منٛز یمو سونٛہری آبہٕ بانہٕ پھیُر تہٕ یمو لاج سوگٲی لٔنڈ اے تالاب کس ماولس پیٹھ یوسہٕ اٚمی لوٚکٕٹ ہوی بأے أنی ہژ اٚس۔ اَمہِ کس دوٚبس تزٕ ووٚکھ سونٛہری آب تہٕ یہِ لٔنڈ بنیہٕ اکھ سیٹھہٕ خۄبصورت گُل۔ وۄنی اٚس اٚمس بُڈٕ باغوان تہٕ اٚمی ہندِس عیالس خوشحالی بَرس پیٹھ پزٕاران۔ تمن ییٚچ سیٹھا دولت تہٕ عزت۔ تمن اٚس تمہِ نشہِ سیٹھا زیادٕ دولت زِ یَتھ تم حساب ہیکہٕ ہَن تھاوِتھ لہٰذا گٔے تم پوٗرٕ دُنیاہَس منٛز مشہوٗر۔ پانہٕ بادشاہ آو یمن سمکھنہِ تہٕ یمن ٲسی کوٚرُن ہر رنگہٕ برابری ہُند ویوہار۔

اکہِ دوہہٕ پرٕژھ یمن بادشاہَن زِ وٗنی توزِ توہہِ کتھہٕ پأٹھی چھون یتھ خۄبصورت تہٕ گاٹُل جاناوار اۆ نمُت تہٕ لوٚکٕٹ ہوی لڑکن وۅنُس سأٹھم کینٛہہ۔ بادشاہَن پرٕژھکھ یِتہِ زِ تمو کتھہٕ کنی اٚسی تھی تھدِ پایکی مُلازم تہٕ ہیٚژ دولت حاصِل کرٕ ہٕژ۔

اَمہِ پَتہِ لوگ جاناوارن کلامہٕ کرُن تہٕ وۅنُس ''بوز۔ اے بادشاہ۔ بہٕ وَنے۔ یم تزٕے نوجوان تہٕ یہِ خۄبصورت کوٗر یوسہٕ ژٕے بروٚنٛہہ کنہِ چھے یم چھنہٕ باغوان ہندی شُری یہِ زَن سارِنے باسان چھ بَلکہٕ چھ یم چأنی شُری''۔

بادشاہَن وۅنُس ''یہِ کتھہٕ کنی'' سُہ اوس بڈٕ حأران ''کیاہ کتھہٕ کتول جاناوارا

چھُ یہِ"

جاناوارن وۄنُس" ہے بادشاہ۔ اگر نہٕ ژٕ ےٚ شرارت کھسی تہٕ بہٕ ونَے۔ بہٕ چھُس نہٕ بیقل پأٹھی گتھ کران۔ یم ژہ شوے شُری چھِ تمے یمہٕ چانہِ لوکچہِ ہشہِ آشنہِ ہندی چھِ۔ یوسہٕ ژٕ ےٚ محل خانہٕ منٛز کڈِتھ ژٕھنِتھن۔ تَس زاے نہٕ کاوٕبچہِ تہٕ ہونہِ بچہِ یہِ زَن چانوٕ ہمو بدخصلت زنانو وۄنُے۔ تمو وۄنُے ژٕ ےٚ اَپُز۔ یُتھ زِ ژأمی ہے زیادٕ قدرتہٕ یمہٕ لرٕ ٹھہِ گَر ہکھ نہٕ۔ تمو بُری پننوٕ اَتھو یم شُری صندوٗقس تہٕ ژٕھنِکھ دٔریاوس۔ یتھ زِ یم آبس پَھٹٕہ ہَن مگر پرمیشورس أسی یم باغوانہٕ سندو اَتھو بچاوٕنی۔ اَمہِ پتہٕ کینٛژٕ وٕہری بوٗز ہُمو بدخصلت مُلکانوٕ زِ یم شُری چھِ زِندٕ تہٕ أکِس گاٹجہِ بُجہِ ہندِ ذٔرِی یہِ کَرِکھ چاَنی کوٗر یوسہٕ زن یہِ شہزأدی چھےٚ۔ یمہِ گَتھِ خاطرٕ تیار زِ یہِ منگہِ مےٚ تِکیاژِ بہٕ حاصِل کرُن اوسُس سخت مُشکل تہٕ ہَتہٕ بدبو لۄکو أس مےٚ حاصِل کرنچہِ کوٗششہِ منٛز پننٕ زندگی رلہٕ رٕہمٕ۔ تمن أس پتاہ زِ شہزادٕ گَرَن پننہِ بینہِ ہنٛز خاہش پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ کوٗشش تہٕ یتھہٕ کنٕ أس تمن وومید زِ باقین ہندی پأٹھی گژھن یم تہِ مارٕ۔ زٕ زِٹھی ہوی شہزادٕ گےٚ وٕٹسی تہٕ شاید ماروٕ ہَن تہتھے کنٕ ہمیشہ گنہِ پَل بُنتھ ہرگانہٕ یہِ کأنسہٕ کوٗٹ شہزادٕ مےٚ تانٛ واتہِ ہے۔ بادشاہ صأب۔ توہہِ بوٗز ومیۄن کلامہٕ"

اَمہِ پتہٕ کرٕ جاناوارن گتھ بند تہٕ اَتہِ گٔیہِ کینٛژٕن منٹن موٗتٕنٕ ہش ژھوپہٕ۔ أخرس تہٕ کرٕ بادشاہَن گتھ:۔

تمٕ دِژ کرٕ ہکھ" مےٚ کیٛاہ کوٗر یہِ؟ ہاے میأنی ٹاٹھ معصوٗم آشنی! مےٚ کیاژِ بوٗزٕ پننہٕ نبن ہمن زنانن ہنٛز اَپٕز گتھہِ تہٕ ژٕ ژھنِ مکھ کڈِتھ؟"۔

پَتہٕ ژھچِہ بادشاہَن وَدَن باکہٕ تہٕ اَتہٕ یِم تہٕ اُسی تموتہٕ وۄد۔ تِتھے بادشاہ واپَس محل خانہٕ ووت تَمی ژھنہِ ہُم بدخصلت رانہِ کَڈِتھ تہٕ یوسہٕ کَڈِتھ ژھنی ہۄ اُسن سو اَنناوِن واپَس۔ بادشاہ تہٕ اُمی سنزِ ٹاپھ مُلکانہٕ ہنز خوشی ہیکہٕ نہٕ لفظن منز بیانہٕ سپدِتھ ییلہِ تِم پانہٕ وأنی سمکھی تہٕ یہِ ننیا کھ زِ یِم اُسی تِتھین ترٕبن لڑکن تہٕ پڑھہٕ مأدی منز شہزادِہٕ ہندی مول موج۔ اَمہِ پَتہٕ چھ وَنُن زِ تِم رۄدی واریہس کالس زِندٕ تہٕ سبتھا وأنس کَڈِکھ۔ پژ بتھ کانہہ اوسکھ احترام کران تہٕ ٹاٹھی وہندان تہٕ یمو پَتہٕ کَر یہندو ترٕیو شہزادو مُلکس پیٹھ حکوٗمت۔

(راوی ۔مکند بایو۔سۆتھ سرینگر۔ تِیمی یہِ کرٕنڈی ویچہِ
بیٛارِکس اَکِس بُڈ مُسلمان پہٕلس نِش بوٗزمٕژ چھےٚ)



# بیٚاکھ مَتن

ئہ وَنوتوہہِ دۄن شاہزادَن ہُنٛز دٔلیل۔ یہِ اوس اَکھ بادشاہ أمِس آسہٕ ژٕ
زنانہٕ مگر پیٚٹھ زنانہٕ أسِتھ تہِ اوسنہٕ تٔمِس کانٛہہ نیٚچوا۔ اَمہِ کِنہِ اوس أمِس سخت پریشٲنی
تِکیٛاِ زِ سُہ اوس قدرتی طور پٮ۪ہِ سوچان زِ تٔمی سٕنٛدِ خونٛک کانٛہہ شخص گۄژھِ تَس پَتہٕ مُلکَس
حکوٗمت کرُن۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ اوسنہٕ تٔمِس تیٚتھ تہِ کانٛہہ نظرِ تَل یُس اَمہِ اہم منصب
خاطرٕ مُنأسِب بأسِتھ سُہ تٔمِس مقرر کرِ ہے۔ أخرس ہیوٚتُن باسُن زِ یہِ مُشکل تہٕ پریشٲنی
ہیٚرِن ختم گژھنہِ تہٕ تٔمی سٕنٛز ترٛیٚیم زنانہٕ أس گوبہِ کھور۔ بادشاہَن ییٚلہِ یہِ بوٗز سُہ سپُد
سٮ۪ٹھاخوش۔ سُہ اوس پزٕبتھ دوہہِ مُلکہ ہنٛز خبر اَتر پرٕژھان تہٕ پھِرِ پھِرِ اوس حُکم
دِوان زِ أمِس گژھِ زبر پأٹھی وُچھن داشُن۔ یہِ چھُ پتہٕ زِ بادشاہ سٕنٛدِ طرفہٕ أمِس
متعلق پیٚٹھ فِکر ہنٛہٕ کِنہِ آو باقین رانٛین اَزرُون۔ تمہٕ آسہٕ پرٕژھان زِ بادشاہ گۄژھنہٕ ہر
ساعتہٕ أمی ہے یوت متعلق سوچُن تہٕ تمَن نِش نہٕ زنہے تہِ یُن۔ تمَن اوس خوف زِ یہِ
روزِ تتھے کِنہِ چلوٗن تہٕ خاص کرِتھ اگر أمِس نیٚچوٗ زاو۔ لہذا اگر تموٚ ژوے یتھ نہٕ یہِ سپدِ
ہے۔

تتھُے یمَن موقعہٕ آو تہٕ یمَو بلاوشأہی وارِنی تہٕ تٔمِس دِتھ یٮ۪مہِ خاطرٕ رُشوت

یام أمِس بچہٕ زیٚوٚ یہِ تھاوِ تٔمِس بدلہٕ لتہٕ ہونہٕ بچہٕ۔ تمہِ کوٚر یہِ وعدٕ پوٗرٕ تہٕ یُس ماٗرِ موٚنٛد لوٗکُٹ بچہٕ زاوسہٕ نیٚوٗن تہٕ ترٛ ووٗن أکِس چھانہٕ ہٕنٛدِس وانس منٛز۔ بادشاہَن ییٖلہٕ شٕرِی ہٕنٛدِس زٕنٛبس متعلق عجیٖب کتھا بوٗزٕ تَس سپُد سبٹھا دوکھ تہٕ سمجھی اوسُس نہٕ یِوان زِ مےٚ کیاہ پزِ کرُن۔

اَمہِ پَتہٕ کینٛژِ کاٗلی أس ترٛ سیٖم مٔلکاٗنۍ بیٚیہٕ گوبہٕ کھوٚرِ ''وۄنۍ کیاہ نیرِ ضروٗر مےٚ دِلُک شُر'' بادشاہَن سوٗنٛچ تہٕ دِتُن برٛ ونٛٹھی می پأٹھی حُکم زِ ملکہ ہُنٛد گرٛ ھِ پوٗرِ پوٗر تہٕ سبٹھاہ خیال یُن تھاونہٕ مگر باقیٖن زنانَن آو بیٚیہٕ أزرٕوٗن وۄتلتھ لہٰذا کوٚر تِمو بیٚیہٕ وارنہٕ تہٕ سٟتہٕ زِسو بدلاوِ شُرِس تہٕ یِلی کوٚر تِمہِ۔ تہٕ یُس وۄنۍ بچہٕ اوس۔ اَکھ اصل لڑکہٕ پیٚونا۔ سُہ نیٚوٗن تہٕ ترٛ ووٗن تِتھے پأٹھی چھانہٕ وانس منٛز تہٕ تھٔوکھ أمی سُنٛد بوے اوسُس ترٛ وومُت۔ بادشاہَن ییٖلہٕ دۄیمہِ پھِرِ یہِ کوشِچھ بوٗزٕ تَس رۄدنہٕ صبر تہٕ حُکم دِتُن زِ ملکہ گرٛھِ محل خانہٕ منٛز کڈِتھ تہٕ ترٛھننہٕ۔ یہِ بچأرٕ ژھنِکھ کڈِتھ۔ کانٛہہ پٔنسا تہٕ اوسُس نہٕ تہٕ لٔج زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ گرٕ پَتہٕ گرٕ ییچھنہٕ۔

ہُپأرِ اوس چھان تِمَن دۄن شُرِ بن بڈ لولہٕ سان رَچھان۔ سُہ اوس ہر ساعتہٕ خدایس کُن شُکر کران زِ تِتہٕ چھاڑے سۄ زِتھ مےٚ تِتھی ہوۍ خزانہٕ (شُری)۔

کینٛہہ ؤری گُزرے زِ شُری أسی محل خانس نکھہٕ سڑکہِ پٮ۪ٹھ تِتھ کاٹھہٕ گرِس گنٛدان یُس یہِنٛدی موٗنکتہٕ ماٗلی یِمَن خاطرٕ گوٚرمُت اوس تہٕ بادشاہ اوس یِمَن ڈُچھان۔

''کاش مےٚ تِمہِ آسہٕ یِمَن تِتھی نیچۍ جورلا!'' تِمی وۄنن جذباتی پأٹھی'' ہے

گوٚبرٛیو۔ وٚلی وٚ ویٚوٚری'' تمن آلو کران وۅن تٚمۍ۔ ''توٚہۍ ییٚتھ واحل خانس منٛز روزُن تہٕ میٚانۍ مُلازِم بنٛنۍ؟''

''نہ'' تمو دوشوٕے دِتِہس اَتھس پیٚٹھ جواب ''اَسۍ چھِ اَکِس غریب چھانٕہ ہٕندۍ شُری تہٕ اَسۍ چھنہٕ یِتھ لایق زِ ییٚتھ تھٲزِ تہٕ بٔڈ ذمہٕ دٲری ہیکو نکھہٕ وٲلِتھ'' یہٕ وِنان پھیٚری تِم پتھ تہٕ دوٗر رٕہِن ژٲلِتھ لوگُکھ نوٚس رِگنٛدُن۔ بادشاہ اوس توتہٕ تِمن کُن تعجب سان وُچھان۔ اَتھی منٛز وُچھ اَمۍ تِمو منٛز اَکھ لڑکہٕ اَکھ بتہٕ چمچا کڈان تہٕ گری ہٕندۍ چاینٛٹس نِشہٕ رٕتھ وِنان ''کھےٚ یہٕ۔ ہے کاٹھہٕ گُریا۔ ژھکھاہہٕ رِکنہٕ نہٕ'' اَمہٕ پتہٕ وُچھ اَمۍ دوٚیِم لڑکہٕ اَکھ تریٖشہٕ پیالا اَنان تہٕ اَمِس جانورس لٔبِس کُن رٕتھ وِنان'' چےٚ۔ ہے کاٹھہٕ گُریا۔ چےٚ۔ ژٕے چھیا چوٚن رِکنہٕ نہٕ۔'' بادشاہ روٗد یہٕ سٲرُے وُچھان تہٕ بوزان تہٕ پہنٛزِ اَتھ بیقلاً زی پیٹھ اوس حٲران گژھان۔

''ہے شُریو۔ وٚلی وویٚوٚری۔ یِی وٚوتہٕ مےٚ وٚنو توٚہۍ کیاہ چھو کران'' تٚمۍ وۅنُکھ ''کاٹھ گُر کتھہٕ کٕنۍ ہیکہِ کینٛہہ کھیتھ یا چیتھ؟ توٚہہٕ چھُونہٕ وُنہٕ تہٕ یہٕ پتاہ؟''

''آ'' لڑکو وۅنہس تہٕ پتہٕ تہٕ ژتبس پاوان یہٕ تِمو اَتہٕ کٔڈتھ ژھننہٕ آمٕژ ملکہ ہِنٛد بن زامتین شُر بن متعلق بوٗزمُت اوس تہٕ وۅنہس ''زنانہٕ ہیکہٕ نا ہونہٕ بچہٕ زیٚتھ'' اچانک گو و بادشاہس تہٕ اَتھ کُن ظون زِیہٕ رکتھہٕ چھُ ممکن تہٕ گوس احساس زِ اَمۍ کتھہٕ کٕنۍ کرٕ یِتھ بیقل گَتھہٕ پژھ۔

تٚمۍ وۅن لڑکن کُن ''نیٚرِ وگرِھو اَنتھ'' تہٕ پانہٕ ژاو محل خانس منٛز۔

بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحاے کرٲمۍ اَتھ پیٹھ بینہٕ نین وزیرن ستۍ کتھ تہٕ پرٕ ژھنکھ اَتھ

متعلق صحیح راے۔ تِمو سارِوے دِتہس جواب زِ تِمَن اُس نہٕ زنہے یہِ گژھ پٔتھٕر مگر تِم اُسی اَتھ متعلق بادشاہس کینہہ وَننس کھوٚژان۔ بادشاہن ووٚنُکھ زِ تیلہِ کیاہ اوس تہٕندی کنہٕ اَتھ متعلق پزر۔ تِمو ییلہِ ووٚنہس زِ یتھ گژھہِ چھٕنہٕ کانٛہہ شکے زِ بادٕٔ رانین آسہِ ہے بادشاہٕ سٕندِس ترٛییمہِ آشنہِ کُن زۄر توجہ دِنٛس پتھ تٔتھ ضِد گوٚمُت تہٕ توے آسکھ لِتس خلاف ژوٚے گرٕ مژ تہٕ توے ووٚنہس زِ ژٕ اناوُن سو وارِنی تہٕ تِمس وَن زِ ژٕ وَن پوٚز زِپوٚز زِ تِمَن شُر بن کیاہ کوٚرُتھ ژےنٕتہٕ ژٕھنتھ یہِ مارِتھ۔ لی آو کرنہٕ تہٕ چھانہٕ سٕندی ییم ناودار گٔڈ زِ آے اُمس بٕڑ ؤنیہہ کُن واتناونہٕ ییم اُمی سٕندی پنٕنی شُری آسٕنی ثابت سپدی اَتھ پتھ آیہِ ترٛییم مُلکٕ کُنی فل فوریکا ونہٕ تہٕ ہُم زِ بدخصلت رانہِ آیہِ کڈِتھ ژٕھننہٕ۔ اَمہِ پتہٕ گُزریاوپزِ بتھ کینٛہہ خوش تہٕ خوشحال پأٹھی۔ بادشاہ تہٕ تسٕنز آسٕنی روٗز وارِیاہن ؤرِیَن زِندٕ تہٕ شہزادِ تہٕ گے بالغ۔ تِم اُسی گاٹٕلی، رِتی تہٕ مأری مُندی۔ پنٕنہِ نس بٔبس مأکی سٕنز خوٚشی، پنٕنہِ نس مُلکس خأطرِ شوٗب تہٕ سارنے خأطرِ تعریفَن لایق۔

(راوی: پنڈت آنند رام۔ رٕنی وور سرینگر)



# بیٚیہِ تہٕ بیا کھ متن

یہِ اوس اَکھ ناماوار بادشاہ یَس ژور ہَتھ زنانہٕ آسہٕ مگر شُراہ اوسُس نہٕ کانٛہہ۔ بادشاہَس اوس اَکھ خاص طوطہٕ یُس اَمِس سیٹھا زیادٕ ٹوٹھ اوس۔ دربارٕ پیٹھہٕ واپس یتھہ اوس سُہ اَمِس ہمیشہِ اناوان تہٕ یِیمہِ وِزِ نہٕ کُنہٕ وجہ کِنی یہِ طوطہٕ اَمِس نِش آسان اوس یہِ اوسنہٕ خوش باسان۔

اکہِ دوہہٕ اوس اَکھ وزیر پنجرس لَرِ استادٕ زِٹھی وُچھ یہِ گنڈٕ ہیوٚ اَمہِ کِنی بلووا اَکھ نوکر تہٕ جاناوار اَمہِ منزٕ نبر کڈتھ دِتُن اَمِس یہِ پنجرٕ صاف کرنہٕ خاطرٕ۔ اَتھی منز سونچ اَمی زِ یہِ وُچھہا اَمِس طوطس کوتاہ چھُ وُڈنُک طاقت۔ لہذا گوٚ ندٕنس زنگہِ اَکھ زیوٹھ پَن تہٕ ترٔ ووٚن یِلہٕ۔ جاناوار درژ اوتیوٚت یِتِس یہِ پَن پوٚش تہٕ پَتہٕ یِیلہِ اَمہِ پَنہٕ ستی ڈنگ ہیوٚ لگان باسیوس تہٕ اَمی ژوٚٹ یہِ تونتہِ ستی تہٕ گوو یِلہٕ۔ یہِ چھُ ووٚنی وُڈان تہٕ وزیر چھُس پتے۔

اَمی بچاَری کوٚر اِرادٕ زِ یہِ روزٕ اَمِس پتے تہٕ ہرگاہ ژٹھ ہیوٚ کُم تہٕ اَنن واپس نے تہٕ تیلہِ گوڑھہٕ بیٚیس مُلکس تہٕ کیا زِ سُہ ہیکہِ ہے نہٕ اَمِس وراَے بادشاہَس نِش یِنِس بِہرِتھ۔ طوطہٕ وُڑیاو سیٹھہو کھہوتہٕ بیٚیہِ اکہِ بَڈ ڈری یاوٕ پیٹھی تہٕ پَتہٕ بیوٚٹھ اَکِس

بڈس زنڈس پیٹھ یُس دٔریاوَس نکھے اوس اَتہٕ روٗٹ اکہ زنانہِ ییمہٕ سٕہ گرٕنیوٗ۔ خوش قسمتی کٔنز وُچھ یہِ وزیرن تہٕ تَس پَتے گژھتھ اوٗنُن یہِ جانور واپس۔ سٕہ اوس وۄنۍ سبٹھاہ خوش۔ شُکر گزاری کٔنز وۄن اُمس زنانہِ زِ اگر مائنکھ تہٕ ٹٔہ کرے ژٕے بادشاہَس ستۍ کھاندر تہٕ پتہٕ کوٚرنَس وعدٕ زِ کھاندرُک سأرُی خرچہ دِمے بہٕ۔

زنانہِ موٗنُس۔ اَمہٕ کٔنز دِتۍ وزیرن اُمس زنانہِ ترٕ ہ ساس روپیہ یتھ زِ سو پکو دَلو، مکانہٕ تہٕ اَمہِ موقعہٕ خأطرٕ باقے سأری چیز تیار کرِتھ وۄننس زِ کینژن رتن اندر اندر کٔرِ زِ سأرِے تیأری تہٕ مےٚ کٔرِ زِ شیچھ۔ محل خانہٕ واپس وأتِتھ دٔنی وزیرن یہِ سأرُی دٔلیل بادشاہَس تہٕ بڈ جوشہِ سان وۄننس اُمس زنانہِ ہنٛدِ گاٹہٕ جار تہٕ خوٚ بصورتی ہُنٛد یتھ زِ بادشاہَن اُمس ستۍ کھاندر کرنچ یژھ بأو۔ جلدٕ ےسپد کھاندرُک انتظام۔ بادشاہَس گیہِ نوٗ زنانہِ بڈٕ ٹاٹھ تہٕ ییلہِ تَس یہِ ننیاو زِ یہِ چھےٚ بییہِ پأٹھۍ سو گیہِ تَس وارے ٹاٹھ۔ تٔمۍ سوٚنچ زِ ''چھیکرس تہٕ گژھہِ مےٚ وۄنۍ اولادآسنک ارمان پوٗرٕ۔ ٹٔلۍ کمین تہٕ یہِ نیٚچوٗ آسہِ!'' تٔمۍ دِتۍ خاص ہدایت زِ أمۍ سُنٛد گژھہِ خاص خیال یُن تھاونہٕ تہٕ رِتۍ پأٹھۍ گژھبس واتنہٕ یُن تہٕ باقے طریقو تہٕ ہوٚون اُمس نسبت پٔنُن احترام۔ یہِ ہیکہِ پانے انداز کرِنہٕ یتھ زِ أمۍ ہنژٕ اَمہٕ فکرمندی کٔنز وۄتھ أمۍ ہنژن باقے زنانَن حسد تہٕ تِمو کوٚر صحیح زہر گاپلیاو تہٕ اُمس گرو دٔرٕنی۔ بچہٕ زینہٕ برٕ ونھہ پہَن اناأو تِمو وارِنۍ ناد دِتھ تہٕ دِتۍ ہَس رشوت کٔنز لال جوہر تہٕ روپیہ یتھ زَن سو بچہٕ زیتھے تَس بدل اَتہٕ کٔنز تھاوِ۔ یی آو کرِنہٕ تہٕ بچہٕ یُس اَکھ اصل لڑکہٕ اوس سٕہ آو صندوقس برِتھ دٔریاوَس پٕرٕ ترٛاونہٕ۔ بادشاہَن ییلہِ زنِ اُمس ... کیا ہتانۍ عجیب چیز زامُت تٔمۍ سُنٛد لول بدلیاو

زبردست نفرت تہٕ ناراضگی منز۔ حُکم دِتُن زِ زنانہٕ کَڈِیوٗن تہٕ بُریوٗن گُری گانس تہٕ تِمنٕے پأٹھی گرٛ ھبس کھبنس وُشکہٕ دِنۍ۔

پگہہ صُبحس اوس اَکھ خدادوست دریاو بُٹھس پیٹھ یادِ خدا کران تہٕ تٔمۍ وُچھا اکھ لوکُٹ صندوق دریاوس پٮ۪ٹھ وَسان۔ سُہ چھُ سونچان زِ اَتھ منز کیاہ ہیکہِ اُستھ تہٕ تٔمۍ وِژ کرٛ نِکھ "ہے صندوقہٕ، ہرگاہ ژٕ کُنہِ رنگہٕ مے للکھ تیٚلہِ یہِ یور کُن۔ ہرگاہ للکھ تیٚلہِ گوہ پٮ۪نہِ وَتہٕ" اَتھ پیٹھ آو یہِ صندوق اُمس کُن۔ تٔمۍ تُل یہِ تہٕ واتنووُن پَنُن گرٛ۔ یہِ مُژراوِتھ وُچھُن اَتہٕ اَکھ مأرۍ موٗنٛد بچہِ یُس کالہٕ زامُت اوس تہٕ سَپُد بڑ خوش۔ تٔمۍ دِیُت یہِ شُر پَنٕنہِ زنانہِ رَچھنہِ خأطرٕ تہٕ اُمۍ سِنٛدِ تھَدنہٕ بَڈنہٕ تہٕ زیادٕ زیادٕ مأرۍ موٗنٛد بنٕنس پیٹھ اوس شکرانہٕ کران۔

یہِ لڑکہٕ ییٚلہِ نوٗ وُہر وۄت تہٕ یہِ گوو اَکِہ دوہہٕ باتھے شُر بن ستۍ محل خانہٕ کِس صحنس منز گِنٛدنہِ ییٚتہٕ سُہ بادشاہ سُنٛز وزنانوو چھِ۔ تِمن باسیاو یہِ "ع" تہٕ "غ" بادشاہ سے ہیوٗ تہٕ زونکھ یہِ ماچھِ اُمۍ سُنٛد ےسُہ نیٚچو یُس دریاوس تژ اونہٕ آیاو۔ تِمو اُنۍ وارِنۍ تہٕ تس اُمس کُن اشارٕ ہأوِتھ پرٛژھس یہِ۔ وارنہٕ وُچھ وارٕ اُمس لڑکہٕ سُنٛد گلہ تہٕ پَتہٕ دوٗ پٮ۪نٛگھ آ۔ تَمہِ پرٛژٕ نوو یہِ کَلُک سُہ دوب ہیوٗ وُچھتھ یُس تَمہِ اُمس زہنہٕ دِژ تہٕ وُچھمُت اوس۔ ییٚلہِ یمو یہِ بوٗزتہٕ یِمن گیے واہ وُستھ۔ یِمن سَپُد وہمہٕ زِ ہرگا بادشاہن یہِ کُنہِ پأٹھی بوٗز زِ یہِ چھُ تِنٛد نیٚچو تہٕ سُہ دِیہ یِمن اَمہِ کمینہٕ گی خأطرٕ سزا۔ لہٰذا کوٚر یمو وارنہِ سخت زارٕ پارٕ۔ یُتھ زِ سو کوٗشِش کَرِ تہٕ یہنٛدِ خأطرٕ یُتھ کانٛہہ مصیبت پیہ نہٕ تہٕ اَمہِ خأطرٕ کوٚر ہٮ۪س پرٛ بتھ قسمہِ ڈالہِ دِنک وعدٕ۔

اَمہِ زنانہِ کوٚر گوڈٕ یہِ سَرٕ زِیہِ لڑکہٕ گتہِ چھُ روزان تہٕ پَتہٕ گیہِ اور تہٕ پَتہٕ وۄنُن أمہِ ہِنٛدِس موٗنگتہٕ مألِکہِ ہِنٛزِ زنانہِ زِٕبہ چھُسے ژٕنے زام۔ اَمہِ طریقہٕ أمِس ساڈٕ زنانہِ ہِنٛدِس دِلس منٛز جاے گرٕنی أمِس نہٕ کانٛہہ مُشکل کام۔ اَمہِ پَتہٕ روٗزسو أمِس نِش پھِرِ پھِرِ گژھان تہٕ چھکرِس وأژ اور پیٹھ گتھ زِ أمِس آو وَنہٕ زِ ژٕ روز کینژَس کالس أتی۔ اَتہِ أمِس سو اکثر أمِس لڑکہٕ ہِنٛز گتھ تُلان تہٕ أمہِ ہِنٛدی تعریف کران۔ اکہِ دوہہٕ وۄن اَمہِ أمہِ ہِنٛزِ موٗنگتہٕ ماجہِ یَس بَچس پیٹھ فخر اوس زِ ''مگرمے چھُ پوٗرٕ یتھ زِ اَکُے چیز ہیکہِ نہٕ یہِ گرِتھ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ فلأنی مُلکس گژھتھ ییٚتہِ اَکھ مأرِ موٗند باغ چھُ تہٕ ییٚتہِ باغس منٛز أکِس تلاوس لرِ اَکھ ژٕندَن گُل چھُ۔ یتھ سونہٕ ہِنٛزٕ لنٛجہ تہٕ لالن ہِنٛدی پوش چھِہ۔ ہرگاہ یہِ تور گژھِہ تہٕ یہِ گُل اَنہِ یہِ ییہِ مانہٕ تہٕ أمِس بنہٕ قسمت۔''

دِگرِس بأگی ہیوٗ ییلہِ یہِ لڑکہٕ گنٛدنہٕ پَتہٕ واپس گرٕ آو أمہِ ہِنٛزِ موٗنگتہٕ ماجہِ وۄن أمِس تہٕ یہِ اَمہِ بوٗزمُت اوس تہٕ یِتہِ وۄننس زِ مے کرٕ واہ فِکر چھےٚ زِ ژٕ گوٚژھکھ اور گژھُن۔ لڑکَن مون تہٕ دۄیمہِ دوہہٕ دراوسہ ہلہِ گنٛڈنس منٛز کینٛہہ ژوچہِ گنٛڈِتھ اَتھ کرٕ ہِتھس سفرس۔ یہِ پوٚک سیٚٹھا تیز تہٕ وارِیہہ دوٗر یوٚت تأنی أکِس ناگس پیٹھ ووت۔ اَتہِ بیوٗٹھ تہٕ ترٕ وۄن تھکھ۔ کہے کألی کھرٕ اَمہِ ناگہٕ منٛز اَکھ زنانہٕ تہٕ لاجِن أمِس ہِتی گتھہٕ کرنہِ۔ تمہِ پرٕ ژھ لڑکس زِ ژٕنے کوٚت چھِی گژھُن تہٕ لڑکَن وۄنُس۔ اَمہِ پَتہٕ وۄنُس اَمہِ زنانہِ زِ ژٕ مہٕ گژھ تور تِکیازِ یتھ باغس منٛز چھِہ مچھِن ہِنٛدی پأٹھی دیوتہٕ وحشی جانور مگر لڑکَن موٗنُس نہٕ باوٕ زین تہٕ اَمہِ خأطرٕ ہأوُنس ترٕ ھ تعجلی زِ زنانہِ زون یِلی بہتر زِیہِ کینژھا تمی ہِنٛدی دٕ سِ مُمکِن سپدِ ہے نہٕ مدد۔ اِتھ أمِس تمہِ وۄنُس ''بوز۔ ژٕنے تہٕ

چھُتھ وۆنی اَتھ پتھ دِل گوٚنڈمُت تہٕ توٚ کٔنۍ چھُ چانہِ خاطرٕ یہِ ضرۆری زانُن زِ اَمہِ باغہٕ کس بَرَس پتھ آسہِ نے زٕ سہہ اِستادٕ تہٕ پھِنز بوچھِ ہمر اونہِ خاطرٕ پئینی ژٔرے یمن اَکھ کٔٹہٕ پاٚٹ ترٛاوِنی تہٕ ترٛاونے یمہٕ چیٚپھی تہٕ ژٔہن نے ماٚرِتھ۔ یمن کھۆژی زہنہٕ بلکہ لاٚے زبکھ کٔٹہٕ سنز پاٚٹ بڑ ونٛھ کُن تہٕ وٕنی زبکھ مے کٔرو مدد۔ تم دِنے باغس منز اَژنہٕ۔ اَتہِ وُچھہکھ ژٕ وارِ یہہ دیو مگر ژٕ کھۆژی زہنہٕ۔ تمن کٔری زِ ماموکٔرتھ گتھ تہٕ وٕنی زبکھ ئہ سپدُس تو یہِ وُچھِتھ سبٹھاہ خوش تہٕ منگی زبکھ مدد۔ تم واتناونے ژٔرے تلاوس پتھ یتھ أندی أندی ژٕ مختلف قسمن ہٕندی سَرَ پھ وُچھہکھ۔ تمن کھۆژی زہنہٕ۔ تمن خاطرٕ ترٛاٚوی زِ پتھرِس پتھ کینٛہہ ژوچہِ تہٕ زامُت دودتہٕ تم واتناونے نہٕ ژٔرے کانٛہہ آزار۔ ژندن کُل چھُ تلاوس لَرِ تہٕ یہِ اَنِس منز لگی نہٕ ژٔرے زیادٕ مضر تھ۔ نیر۔ ترقی دِی نے۔

وۆنی اُس لڑکہٕ سنز وَتھ کاٗفی صاف باسان۔ سُہ روٗ دخوشدلی سان امتھان مانڈان بڑ ونٛہہ کُن پکان۔ تہٕتھے تَس باسیاو زِ ئہ ہیوٚتنس باغس نشہِ واتُن تہٕ تمی کٔرِ کینٛہہ ژوچہِ، کٔٹہٕ پاٚٹ تہٕ زامُت، دود حاصِل۔ یہِ کینٛژھاتہِ اُمس ناگہ پتھ چہِ زنانہٕ وۆنمُت اوس تہِ درٛاوسالم پوٚز۔ یہِ ووت باغس نشہِ تہٕ اَتہِ وُچھِن سہہ یمن أمی کٔٹہٕ پاٚٹ ترٛاٚوِتھ تسلی کوٚر۔ اُمس سمکھی دیو تہٕ تمن وۆنُن ئہ چھُسو تو یہِ بنِتھ۔ سر پھ وُچھِن تہٕ تمن ترٛاوبن کھُلہٕ ژوچہِ تہٕ زامُت دود۔ پتہٕ کوٚڈن ژندن کُل مؤلو تہٕ پھیوٚر واپس۔ باغہٕ منز واپس نیرِ وُن آوا کھ سہہ اُمس کُن تہٕ وۆننس ژٕ کھَس مے سوارِ تہٕ گرٛشھ گرِ۔ یہِ اوس اَکھ عجیبے نظارا۔ اَکھ لڑکہ اوس اَکھ لوکُٹ ژندن بوٚنہٕ پھیکِس پتھ

ژٕٹھ اَکس سہَس پیٹھ پکان۔ اَمہِ ہنٛدِ واپس تیٚنج خبر پھالییہِ سأری ہے شہرَس تہٕ
وأتِھ بادشاہَس تہٕ تٔمی ہنٛزن رانیٚن ہنٛد بن کَنَن تہٕ۔
سأری لۄکھ سپدی ہیُولا۔ مگر بادشاہ ہنٛز زنانہٕ گٔیہِ ہیُولا سپدنہٕ بجایہِ خوفزدٕ
تہٕ تِمو لوگ خوفہٕ کنٛی وَدُن تہٕ۔ تِمن باسیاو پۄز پأٹھی زِ بادشاہَس نِشہِ جلدٕے پزِ تہٕ
یِمن دِیہِ سزا۔ اَتھی پریشأنیہِ منٛز اناأویِمو وارِنی بیٚیہِ نادِتھ تہٕ کۄرہَس زور زِ اَسہِ کرِ تہٕ
مدد۔ اَمہِ کنٛی گٔیہِ ہفتہٕ کھنڈ گرٕ ھتھ یہِ زنانہٕ تٔمس خدادوستہٕ ہنٛدِ زنانہٕ نِشہِ تہٕ پرٕژھنَس
لڑکہٕ ہنٛدِ سارے سفرُک حال۔
اَمہِ فخر مند مونگتہٕ ماجہِ وۄننس "یہِ گو وُنہٕ کُل۔ چھنایہِ وۄنی بہادر لڑکہٕ؟"
وارِنہِ وۄنُس " آ۔ پزی کنٛی۔ مگر مے چھُ پھیران اَمی چھنہٕ اَمیک سُہ ؤلیُن اوٚ نمت
یُس زَمرٕ دِکس ڈبَس منٛز تلاوَس لرِ چھُ تھاونہٕ یوان۔ سُہ گوژھہِ ضرۄری آسُن تِمہِ
ورأے ہوکھہِ وندس یہِ کُل۔ یہِ لڑکہٕ گژھن تہٕ اَنُن سُہ۔ یُہ کرس اِدِ تعریف۔"
اَمِس خوش کرنہٕ تہٕ بیٚیہِ پَنہٕ نس مونگتہٕ نیچوس پۄز پۄز زھز ربجر حاصِل کرنہٕ
خأطرِ وۄن اَمہِ شامس بأگی اَمِس تہٕ دۄ پنس ژِ گرٕ ھ دُبارٕ اور۔ لڑکہٕ سپُد کُنہِ ہلہٕ ڈلہٕ
ورأے تیار۔ سُہ کھوٚت سہَس یُس نہٕ اَمی دُنہِ واپس اوس کوٚر مُت تہٕ ووت تِتھ ناگس
پیٹھ ؤلی ؤلی بیٚتہِ تٔمی گوڈ نکہِ چکرِ تھکھ اوس ژرٕ وومُت۔ سو ہے زنانہٕ سپٕز بیٚیہِ ظأہر تہٕ
پرٕژھنس کوٚت چھی گژھُن۔ اَمی وۄنُس تہٕ اَتھ پیٹھ وۄنس تِمہِ مَتہٕ گوژھتہٕ تکیاز یہِ چھے
پٕتمہِ کھوتہٕ وارِیہہ مُشکل کام۔ یہِ ڈبہٕ چھُ تلاوِ کس ؤندِس پیٹھ یتھ منٛز زِ خطرناک تہٕ
بُڈی شہمار چھِ روزان۔ گٔیہِ تیٚج لڑکس واپس پھرتھ۔ ییٚلہ اَمہِ زنانہٕ اَمی سُند اِرادٕ

سُمجھ تہٕ تَمہِ وۄننس توتہِ گژھی زٕہنہٕ ژٕ پانہٕ ڈۄبہٕ اَنُنہِ بلکہِ ؤنی زِ کأنسہِ دۄہس یِیہِ اَتہِ اَنُنہٕ خأطرٕ
تہٕ ہرگاہ سُہ یِیہِ اَننس منٛز کامیاب سپُد تہٕ تیٚلہِ یِلی زِ ناگہٕ کنی واپس تہٕ مےٚ ؤنی زِ۔ لڑکن
کوٚر رسائلم تیٚتھے پأٹھی۔ سُہ گوو تٕہس پتہٕ پیٚٹھے باغس منٛز تہٕ وۄنُن اَکس دۄہس زِمےٚ دِیہ
ڈۄبہٕ اَنتھ تہٕ پتہٕ واپس یتھ وۄنُن اَمِس زنانہِ پنٛنہِ کامیأبیہِ متعلق۔ یتھ پیٚٹھ تَمہِ اَمِس
دُعایہِ خأر کوٚر تہٕ دۄپنس زِ بہٕ یِیےٚ ژےٚ گرٕ ستی۔ شہرس منٛز کرٛا اووسہٕ دروسہٕ ؤژھ یِیٚلہِ
سُہ دۄیمہِ پھِرِ اَمہِ خطرناک باغہٕ پیٚٹھہٕ کامیاب سپُد تھ واپس وۄت۔ بادشاہَن سۄزِتس
نادتہٕ بنووُن پنٛن وزیرِاعظم تہٕ باقے طریقوتہِ کُرنس عزت افزأیی۔ بادشاہٕ سنٛز وزنانو
سوٗچ ''وۄنی تہٕ رَٹن اَسہِ ضرور۔ أسی کیاہ کرو؟''

تَمہِ کیاہ ہیکہِ ہَن تہٕ کُرتھ صرف زبردس وَہمہٕ زٕ تِتھ پژارنہٕ ورأے؟ اَمِس
رٹنک تِہنٛد موقعہٕ اوس وۄنی گوٚمُت اَتھہٕ منٛز۔ تَمَن اوسہٕ وۄنی زیادٕ کالس
پرارُن۔ اکہِ دۄہہٕ کوٚر اَمِس ناگہٕ پیٚٹھ چہٕ زنانہِ ہنٛدس وننس پیٚٹھ وزیرن اَکھ بوٚڈ
سال تہٕ بادشاہَس تہِ کُرن دعوت۔ بادشاہَن کُر دعوت قبوٗل تہٕ آو۔ تَم یِیمہِ ساعتہٕ
کھوٚان اَسی تہٕ ناگہٕ پیٚٹھ چہٕ زنانہِ وۄن بَڈِ بَڈ سارِنےٚ کُن زِ سأری رٕژٕ زوٗژھو پہٕ
کرِتھ۔ سأری چھِ وۄنی أکی سے کُن وُچھان تہٕ تَمہِ وۄن صاف تہٕ وارِ وارِ لہجہٕ سان
''ہے بادشاہ۔ وُچھن پنٛن نیچُو۔ تِمس زنانہِ ہُنٛد پوتُھر یوسہٕ ژےٚ کٔڈِتھ ژٕھنِ تھَن تہٕ
گُری گانس بٕرِتھ جانوٗرَن ہنٛدی پأٹھی کھہن ہنٛز وُشکہِ کھیٛاوتھن۔ کُنز بوچ دلیل اَس
چانہِ باقے آشنوتُھر مٕژیمَن اَمِس بچارِ ہنٛز تہٕ بیٚیہِ چانہِ تِمس کُن خیال تھاونہٕ کُنز تَم
سنٛز ژران اَس۔

بادشاہَن وۄن ''اچھایہِ چھا گتھ؟ یہِ چھا پۆز؟ آمےٚ چھُ پٔنُن دَل یِی گوٚاہی دوان زِ یہِ چھُ پۆز۔ ژٕ ھینِژ کھ یمہٕ سارے لعٔژولد زنانہٕ کِڈِتھ تہٕ میٲنۍ سو ملکہ تہٕ نیچو أنیون مےٚ نِش واپس۔ سوے آسہِ وۄنۍ ملکہ تہٕ باقٕے کاٹٔسہِ گٔن وُچھِ تبنہٕ یٔہ ییٚمہٕ یپور۔ وُچھِو اَکھ پٔز آشنٕی تہٕ اَکھ ماٗرٕ موٚنٛد لڑکہٕ زاے میانہٕ خاطرٕ اکے دوہہٕ۔ یٔہ چھس سبٹھا خوش۔

(راوی: پنڈت چھڈ رام۔ سرینگر)



# ژور شہزادٕ

سبٹھا پَتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ یُس سبٹھا تُرک، سبٹھا نیک تہٕ سبٹھے دانا اوس پُزی۔ کنٛز اوس سُہ بادشاہی لایق۔ تٔمس اَسی ذیٚہنس منٛز ہر وقتہٕ تٕم خیال تہٕ منصوٗبہٕ آسان ییمو۔ کنٛز تٔمی سُند ملک تہٕ لُوکھ ترقی کرہَن۔ تٔمی ہٕشنِدِس دربارس منٛز اوس کانٛہہ تہٕ پتھ ہبکان تہٕ سُہ اوس پزٕ بتھ کانٛسہِ ہٕشرٕ گتھ بوزان بامے سُہ تَسنٛد سبٹھے پَتھ پایہٕ رعیت تہٕ آسہِ ہے۔ باپار خاطرٕ آسہٕ تٔمی تمام سہولیژ یاف تھاوِمژٕ، بیمارن خاطرٕ اَسن ہسپتال، مسافرن خاطرٕ سرایہِ تہٕ ییم پرٛن اَسی یژھان تٔمن خاطرٕ اَسن بٔڈی سکوٗل قٲیم کٔری مٕتی۔ ییم تہٕ پتھی ہوٚی باقے چیز اَسی تٔمی کٔری مٕتی تِژھ اَسن نہٕ کانٛہہ کٲما گرنے تھٲوِمژ یوسہٕ گرٕنی پزٕہے تہٕ تِژھ اَسن نہٕ کانٛہہ تہٕ کٲم گرٕمژ یوسہٕ نہٕ گرٕنی پزٕ ہے۔ پتھِس دانا، انصاف پسند تہٕ فٲیدٕ واتناوَن وٲلِس بادشاہ ہٕشرٕ حُکمرانی منٛز اَسی لُوکھ قدرتی خوش پأٹھی روزان۔ مُلکس منٛز اَسی خالے کینٛہہ غریب، جاہل تہٕ بد خصلت لُوکھ۔

مگر اَمِس بٔڈِس تہٕ رٔتس بادشاہَس اوسنہٕ نیچوا کانٛہہ تہٕ یہِ اوس اَمِس سخت

افسوٗس یہِ اَکھ کرٕ یہُن اوٗبرٕ لوٚ نگ اوس اٗمۍ ہنٛزٕ خوشحال تہٕ شاندار زندگیہِ ہٕنٛز نہٕ پرٕ ہ ژھایہِ ہوٚل کران۔ سُہ اوس پرٕ بتھ دوٚہَس شوس پوٗزا کران تہٕ منگان زِ مےٚ سوزِتَن اَکھ واٗرِث یُس مےٚ پَتہٕ تختَس بیہہ ہے۔ سبٹھا یُژ کال اوس سُہ صبٕر سان یہِ دُعا قبوٗل گژھنَس پرٕ اران زِ اکہِ دوہہٕ آو اٗکِس جوٗگی ہنٛدِس روٗپس منٛز اٗمس شوتہٕ سُہ سپُد اٗمۍ سُند رُت تہٕ عزتہٕ وول ووہارُ وُچھتھ تیوٗت خوش زِ اٗمۍ ووٗنُس "منگ یہِ ژٕ ےٚ گوٚ ھی تہٕ تہِ میلی ژ ٕےٚ۔"

بادشاہَن ووٗنُس "مےٚ چھُنہٕ کُنہِ چیزُک ضرورت۔ پرٕمیشورن چھےٚ مےٚ دولت، عزت، طاقت، شہرت، اَمن، اطمنان سورُے کینٛہہ دِتمُت۔ آ۔ صرف نہٕ اَکھ چیز تہٕ سُہ کُس ہیکہِ مےٚ دِتھ؟"

جوٗگ ووٗنَس "ژٕ چھکھا سُہ چیز مےٚ منگنس کھوژان؟ بادشاہ۔ ژٕ ےٚ چھیا پتاہٕ ژٕ کیاہ چھُکھ ونان؟"

بادشاہَن ووٗننس "پوٗز چھُ۔ پوٗز۔ بہٕ چھس اٗکِس تِھس انسانہٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ ونان یُس (مذہبی اعتبارٕ) پاگل چھُ۔ اے پاکبازٕ۔ مےٚ دِمعافی تہٕ ہرگا ژ ٕےٚ یتھ کانٛہہ طاقت چھی تہٕ بہٕ چھسے ژ ٕےٚ التجا کرانٕ زِمیانہٕ خاطرٕ کرتہٕ دَیس التجا۔"

جوٗگی ووٗنُس "روز خوش۔ ژ ٕےٚ میلہٕ نےٚ وارےٚہہ نیچوی۔ رَتھ یم ژور موٗتہٕ یم دِینہِ آشنہِ تہٕ دِیُس یمہٕ کھینٛن سوٚیِنہٕ واجنہِ آٹھوارِ سرِی یہِ کھسنہٕ بڑ ہٕ ہہ۔ پَتہٕ زِوٗن تَس ژور نیچوی یم سبٹھے گاٹلی تہٕ رتی آسَن۔"

بادشاہَن ژٕ ٔی یم ژور سوٗتہٕ گوُرن، گسِن شکیس سُ دِناو۔ بادشاہ گو واکھ

وِزِتہٕ وۆنن مُلکانہِ جوگس ہِتۍ کتھ باتھہِ متعلق۔ قدرتی سپز سو تہٕ یہِ ژ خبر بۄزِتھ خُد رۆستۍ خوش۔ یم دۄشوٕے اُسۍ وۆنۍ ژٕز کرِتھ آتھوارِ پزراران۔ آفتاب کھسنہٕ وَقتہ کھے مُلکانہِ یم ژور موٕتہٕ جۆگ ہِنِد وَننہٕ مطابق لۆگ تَس ڈَب تہٕ پَنہٕ نِس وَقس پیٹھ زاے تَس ژور نیچوٕ ر۔ وۆن گوو تِمس کۆرُن سخت دود۔ یام ژۆرِم تہٕ اَخری نیچوٕ تھنہٕ پیوٚس تَس ژٕ ج ژٕرِتھ گرٕ ہوٚنۍ کُنی چکھ ہِرتھ تہٕ دِتُن امانت۔

سو بچاٚر گزریہٕ تمے ساعتہٕ ییلہِ تسنٛز یَژ کاچ خاہش پۆر روٚنۍ گیہٕ۔ بچاٚرۍ معصوم، لاچار تہٕ بے آسرِ شُری آے دنیاہَس۔ بچاٚرِس بادشاہَس تہٕ وڑایاو نیچوٕ ر تہٕ واٚرث ملینگ بۆڈ ارمان مگر اَتھ بدلہٕ راٚوس پٔنٕنۍ ٹاٹھ تہٕ خوبصورت آشنٕ۔ تیٚتھ دوکھ اوس یہِ زِکالہٕ اۆبرچہٕ ژھایہِ وۆل محل خانہٕ دوہ واوَن تِکیازِ بادشاہ اوسنہٕ اَمہِ دوکھہٕ کنٕ ٹھاٚٹھی یوان۔

یم ژور شُری آے ژۆن دایَن رَچھنہٕ خاطرٕ حوالہٕ کرنہٕ۔ تم روٚدی بڈان تہٕ بنٕ مضبوٗط، صحت مند، گاٹلۍ تہٕ خوٗبصورت جوان۔ بادشاہَس گے یم سبٹھے ٹاٹھۍ۔ تمی تھاٚوی یمَن سبٹھے رٕتی وۆستاد تہٕ سہٕ اوس یمَن سبٹھے موٕلۍ تہٕ نایاب تحفہٕ دِوان۔

یمو کھوتہٕ رُت تہٕ یمو کھوتہٕ موٗلُل کیاہ اوسُے بادشاہَس تہٕ تِمسنٛد بن یمَن ژۆن گاٹلِمن تہٕ ماٚری مند بن نیچوٕ بن ہُنٛد وُچھن واشن تہٕ یہنٛدِ خاطرٕ کانٛہہ تکلیف ژٕلن اوسنہٕ تس خاطرٕ گۆب۔

اَتھی منٛز کۆر بادشاہَن بیا کھنیتھر تہٕ دۆیمہِ زنانہٕ تہٕ زاس شُری مگر سُے اوس دوکھہٕ ہۆت دوہہ یمہٕ دوہہ بادشاہَس تَس ہِتۍ کھاندر کۆر تِکیازِ تمہِ ییلہِ گوڈنچہ

مُلکانہٕ ہِندی سبٹھاہ گاٹلی تہٕ خوٗبصورت شُری تھدان بڈان وُچھ تَس گوو حسد پاُدٕ تہٕ تَمہٕ سونچ پانٕسے ستر زِ بادشاہَس تہٕ روزِ یمنے ستی لَے تہٕ تِتھہٕ کنی ییہِ اُمی ہِندبن شُربن تختَس بیہنَس منز تھوس۔ لہٰذا کوٚر تَمہٕ اِرادٕ زِ سو گرِ پَننہِ نس خانہٕ دارٕ ہِندِس دِلَس منز پہنز نکہت پاُدٕ تہٕ ہرگانہٕ تہٕ چلپاس تیلہٕ کرِ تِتھہٕ تِتھہٕ یمَن مارنچ کانٕہہ سبیل۔

یہِ چھُ وَننہٕ آمُت زِ بادشاہَس اُس پننہِ مُلکہٕ تہٕ لوٗکن ہنز ترقی ہنز زبردست خاہِش۔ یہِ کاٗم زیادٕ رِتی پاٗٹھی انجام دِنَس منز اوس تَس بادشاہی ہُند غاٗر معمولی منصب اکھ بوٚڈ ڈھوٚر باسان۔ یُد وَے زَن سُہ پَننہِ نبن وزیرَن تہٕ ماتحت مُلازمَن پیٹھ یہِ زاٗنتھ کاٗفی تکیہ اوس کران زِ تَم چھِ زیادٕ تر دیانتدار تہٕ انصاف پسند مگر تہٕ کُرتھ تہٕ اوس تَس باسان زِ مے پزِ پانہٕ اندرنبر نیرِتھ لوٗکن منزٕ رٕلتھ پَننہٕ نوٗ اُچھو ستی وُچھن زِ تَم کیٛاہ چھِ ونان تہٕ پانہٕ پَننہٕ شو گنو بوزُن۔ یتھ زن بہتر پاٗٹھی تِہنز حالت ہکہٕ زاٗنتھ۔ اوٚ بَکنی اوس سُہ اکثر مختلف حلیہ بدلاٗ وِتھ تہٕ راتھ کیٛتھ گامَن تہٕ سرَن پھیران۔ تِتھہٕ کنی سمجھ کُمی پوٗرِ پاٗٹھی لوٗکن ہندی ضرورت تہٕ تَم اُسی اُمی ہنزٕ ہُنرِ تہٕ دلناٗیی پیٹھ کریمانہٕ کڈان۔ یہِ روٗد کینژَس کالَس چلان زِ یوٚت تاں اکہِ دوہہ صُبحاٗ ے سُہ اکہِ ہمسایہٕ گامہٕ پیٹھہٕ واپس اوس یوان تہٕ لوٗگن زبردست روٗد۔ بادشاہَس اُس نہٕ راے زِ یوٗت جلد کیٛاہ وَسن پٔژھہٕ روٗدٕ ژادٕر لہٰذا اوسنہٕ سُہ اَمہِ خاٗطرٕ تیار۔ دوٗرِ پیٹھ رَبہِ منز پننہٕ کنی ییٚلہِ سُہ محل خانہٕ ووت سُہ اوس بادشاہ ہِندِ کھوتہٕ زیادٕ کزال ہیوٗ باسان۔ یوٗت زِ ییٚلہِ سُہ محل خانہٕ چہ برنہٕ پیٹھ ووت یمہٕ سپاہ اَتہِ تعینات اُسی تَموٚ تزٕ ووٗسہٕ تقریبَن رسمی استقبالہٕ ورا ٗے اندر

مُلکہ بۆزٲمی وِزِ بادشاہ سِنٛزٕ اَتھ حالٕژ متعلق تہٕ بادشاہَن یِیلہِ پننِٕ اُدرکہ تہٕ
رَبہٕ سٟتۍ لِتھوتھ پکو بدلاوی سہ آوأی سِنٛدِس کمرس منٛز۔ سوٲس بتھ لدِتھ۔

تٔمۍ ووٚنُس "میٲنۍ آشنۍ۔ ژےٚ کیاز چھُس درٛہ ہش؟" تٔمہِ ووٚنُس "مےٚ
چھُنہٕ خوش کران زِژٕ۔ میون اَغہ تہٕ بادشاہ کیاہ کرِیم چیز۔ یہِ نہٕ چھُ چانِس منصبس تہٕ
چانہِ واٚنسہِ شوبان۔ ژٕ کیازِ چھکھ نہٕ پننٕ نٮ۪ن شُرٚ بن یہِ کاٚم کرنہٕ خاطرٕ ونان۔ تِم چھِ
ووٚنی بالغ تہٕ بیٚیہٕ چھِ یہِ کاٚم کرنس لایق تہٕ تہٕ داناتہٕ ئہ چھسے درخاس کران زِژٕ وَن تِمنے
یہِ کرنہٕ خاطرٕ۔ تتھہٕ کنٕز روزِنہٕ مےٚ چانٕی پریشانی تہٕ مُلکہِ کیٚن معاملن پیٹھ تہٕ پیٚیہٕ نہٕ
اثر۔"

بادشاہَن ووٚنُس "ژےٚ کٔرتھ دانٲیی ہِنٛز گتھ۔ مےٚ باسان مےٚ پزٕ ووٚنی یہِ
کاٚم لوکٹین حوالہِ کرٕنی یِم میانہِ کھوتہٕ زیادٕ داناتہٕ محنتی چھِ۔ تِم تہٕ بنَن کُنہِ دوہ بادشاہ تہٕ
حکمران تہٕ تمہِ کنٕز پزٕ تِمن امیک تجربہِ حاٚصل کرُن وُنی کیٚن چھسکھ ئہ تہٕ موٚجوٗد دیتھ
یِمَن مددتہٕ تہٕ رہبری تہٕ کٔرتھ ہیکہٕ تہٕ یِم بڑٕ وٕنہہ کُن توقع ہیکن پوٗرٕ کٔرتھ۔ ئہ بُلاوکھ یِم
جلدٕ سےٚ تہٕ باوکھ پننٕز خاہش۔" لہٰذا آے ژور شہزادہ فورَن بادشاہَس نِشہِ بلاونہٕ تہٕ
یِیلہِ تِم بادشاہَس بڑٕ وٕنہہ کُن آے تہٕ تٔمۍ ووٚن تِمَن تتھ گتھ باتھہِ متعلق یوسہٕ تس ملکہ سٟتۍ
سپٕز۔ تہٕ ووٚننکھ زِ مےٚ چھُ یہِ اِرادٕ کوٚر مُت زِ اوٚرِ یور گژھنٕچ کاٚم تھاوٕ ئہ توہہِ مَنٛز "توٚہۍ
چھُو میانہِ نِشہِ لوٚکٕٹ تہٕ تہٕ مضبوٗط تہٕ" اَمہِ ہُر یِمانہِ ووٚننکھ مےٚ چھےٚ توہہِ پیٹھ پژھ زِ
توٚہۍ واٚلو پننٕز فرض رٕتی پاٚٹھی نِکھہٕ۔ یتھ ئہ مطمئن سَپدٕ تہٕ لوٚگن راحت واتہٕ۔"

ژوشوے شہزادو بٲومأکی سِنٛدِس تِمَن پیٹھ یتھ ہیوٗ اعتماد ظاہر کرنہٕ خاٚطر خوشی

تہٕ یقین دِیُتھس زِ تم کَرَن اَتھ پٔرِ ہرأچھ۔ تتھے راتھ وأتِ تہٕ تم درٛاے نظر گُزرٕنہٕ
کامہِ۔ پزٕ بتھ أکِ دِیٛت گردِش تہِ یہِ کینژہا ضرؤری باسیوٚ کہ تتھ متعلق وونُکھ
بادشاہَس۔ یژھِ سخت تہٕ پیہم نگرأنیہِ تحت مُلکچہِ خوٚشیہِ تہٕ ترقی منز ہُر بَسپُدن اوسہٕ
کانٛہہ عجوبہٕ۔

وۄں گوو یِمَن شہزادَن خلاف اوس محل خانس منز ژوبہِ ہُند بیوٚل وَونہٕ
یِوان۔ ملکہ یام پٔنژ شُری تہِ بالغ گژھان وُچھ تَس اوس یِمَن ہُند زیادٕ زیادٕ بغض
ہُران۔ تِمس یِم تہِ کوٚڈر دیٛتھس منز یِوان رٔژی تمو مطأبق روٗزسو تِمَن خلاف
منصوٗبہ بناوان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس نہٕ بادشاہ تِمہِ کہ ہندین وُچھتھ اَپزٕن تہٕ بدوینٛدی ہنٛزن
کتھَن کُن کانٛہہ توجہ دِوان مگر چھیکرس تہٕ کوٚر سہٕ تِمہِ پننہٕ تگن گری۔ کِنٛزِ أتھس منز تکیاز زِ
ملکہ أس خوبصورت تہِ تہٕ چالاک تہِ۔ تِمہٕ لوگ وۄنی یِمَن ژٔون شہزادَن سٟتی تیز کلامہٕ
کران تہٕ پھِرِ پھِرِ اوس یِمَن کُن شکہٕ سان وُچھان۔ شہزادَن باسیاو زِ بادشاہ سُند
رٔوِی یِہِ ہیوٚتُن تِمَن نسبت بدلُن تہٕ تِمس اوسہٕ وۄنی یِمَن پیٹھ سُہ بھروسہ تہٕ یَنٛژٕ
سو مائے یِیمہِ کِنٛزِ تِمَن اوٚت تانی کُنہٕ قِسمُک ڈیجر تراونہٕ ورأے سخت محنت تہٕ مصرتھ
ٹُلنس پیٹھ حوصلہٕ افزأیی أس سپدان۔

کینژٕن رٕتَن روٗدِ یہِ سِلسلہٕ تتھے پأٹھی چلان۔ أخرس دُیچِ أڈزأڈ تہٕ رأژ
ہنٛزٕ نظر گُزرتھاونچہِ کامہِ سٟتی ژھینٛتھ پننہٕ کِنٛزِ سمے یِم ژٕ نوے شہزادٕ یہِ مشورٕ کرنہٕ خأطرٕ زِ
تِمَن کیاہ پزِ کرُن۔ تموکوٚر نصف رأژ بأگی جنگل یُس تتھ علاقس منز پانہٕ وأنی
سمکھنُک وَقت مقرر یأرِی تہٕ کانٛسہ ہُند زیادٕ ین گژھُن اوس۔ پزٕ بتھ شہزادَن وۄنی پننہٕ

مصیبتہٕ ڈلیلاتہٕ اُخرس پیٹھ وۆن سارِوے ماسوایہ زِٹھس ہوس۔

''ٹاٹھو بایو وۆنی چھُ میۆن مشورِ یہ زِ اُسی نیرو مُلکہٕ منزٕ تہٕ گرٕھو تورِ یوٚت پرمیشور لاگہِ۔ یہِ گرٕھن آسہِ۔ تہٕ گرٕھہِ۔''

زِٹھی ہوی شہزادن وۆن ''نہ نہ۔ تہِ چھنہٕ گرٕن۔ تۆہی ٹھہرٕو۔ تۆہی کیاہ بیقل گی چھُو کران۔ یہِ کُس بار اچھو دِلس پیٹھ ہیوٚ تُمت؟ نہ نہ۔ میۆن مشورِ چھُ زِ یہِ چھنہٕ گرٕن۔''

توہہ چھُنہٕ پتاہ زِ تۆہی ونان کیاہ چھو۔ ہنٛدِر راونہٕ کِنی چھو توہہ عقل تہٕ راۓ منٛزٕ۔ ہرگا توہہ مغز برابر آسہٕ ہَن تۆہی ۆنی ہُو نہٕ پرٕھہٕ کتھہٕ۔ کیاہ! اُکُس سبٹھے نیک تہٕ بارستہٕ بادشاہ ہنٛدی نیچوی یمن ہر ہمیشہٕ مسندٕ ستی تھاونہٕ آے تم کرناپنٕہ نِس مالِی ہنزٕ نافرمانی تہٕ تمی ہنٛدی حُکم بۄزِتھ ژلن ۆسی پایہِ تہٕ بے ضمیرن ہنٛدی پاٹھی؟ نہ۔ سوالے چھُنہٕ۔ یہِ گرٕھو نہٕ تۆہی ۆنی۔ بۄ زِ ومیانیو بایو۔ یہٕ چھُسو توہہ ونان زِ ییٚنہٕ تۆہی مُلکہٕ منزٕ نیرنک سُوچوتہِ۔ گرٕھوتہٕ گرِو پننہٕ عِبن بسترن منزٕ آرام۔ اَزِ کرٕ بہٕ نِگرانی۔ پگہہ کرِ اُسہِ منزٕ بیاکھ۔ پتہٕ کرِ بییہ دۆہہ بیاکھ تہٕ تمہٕ پتہٕ یوسہٕ راتھ آسہٕ تتھ گو بیاکھ ہیوٚ۔ تہٕ تتھہٕ کِنی میلہِ اَسہِ زیادٕ تہٕ سبٹھاہ آرام تہٕ نِگرانی ہنزٕ کام تہِ روز برابر پاٹھی چلان۔''

یہِ ۆنتھ کوٚر بُڈی بأے یمن روخصت تہٕ لأجن پانہٕ نگرانی کرٕنی۔ باقی شہزادٕ دزٕاے تہٕ پننہٕ نِس زِٹھس بأے ہنزٕ نصیحژ ہُند گوکھ جان اثر تہٕ گے گرِ تہٕ ہنٛدِر ترٕاوِتھ گوکھ پتہٕن سوٕرِے تکلیف مُشتھ۔ دۆیمہٕ راژ دزٕ ادٕ دۆیم بوے (نگرانی خاطرٕ) تہٕ گوڈ ہِنکی شہزادن کوٚر آرام۔ ترٕیمہٕ راژ گرٕ ترٕییم ہی بأے نگرانی تہٕ ژۆرمہٕ راژ گر

کأنسہٕ کٹ ہِوی نگرأنی تہٕ باتےٚ سارِوٕ یوٚ کوٚر آرام۔ یہِ سلسلہٕ روٗد جان پأٹھۍ کینژن رٮ۪تن چلان۔ شہزادو کٔر بادشاہسٕنز أڈزأر بہادری سان برداشت تہٕ ہر رنگہٕ کوٚر زکھ تی یہِ تٔمن پزٕ ہے کرُن۔ تہندِ رٕژرِ حلیمی تہٕ لوٗکن ہٕندِس دادس واتنس پیٹھ أسی تٔمن پزٕ بتھ لنڈٕ تعریف یِوان کرنہٕ ماسولیہِ بادشاہتہٕ ملکہ۔ یمہٕ بادشاہتہٕ ڈول۔

یہِ وٕنت تہٕ کوتاہ پزر چھُ زِ "رٔتس چھُ رتے بتھہِ یِوان۔" اکہِ رأژ یلہِ زِیٹھ ہیوٚ شہزادِ نِگرأنی پیٹھ اوس درژامُت تہٕ سُہ ووٗت أکِس لوکچہِ پٔہرِ نِش یتہٕ اکھ برہمن پننہِ آشنہِ سٕتۍ روزان اوس۔ شہزادس پیہِ دارِ کٔنۍ یٔمن پیٹھ نظر یوسہٕ یلہِ أس۔ أتھی منز وُچھ أمی زِ برہمن ووٗتھ تھوٚ دروازٕ تھوٗن تہٕ دژ اوٚنبر۔ أمی دِژ دوہدٕ شکی پأٹھۍ ہیوٚر آسمانس کُن نظر تہٕ یہِ کٔرِ تھٕے پھیوٕ رواپس تہٕ ژاو واپس "ترٕ لہہِ ترٕ لہہِ" کران۔

زنانہِ پرٕژھس کھوژنہٕ کنۍ بانبرِتھ ہیوٚ "کیاہ دٔلیل؟"

برہمنٕن ووٚنُس "اوٗہ، اوٗہ، مےٚ وُچھ پننہِ نِس بادشاہسنٕدِس ستارس بیاکھ تارُ کھ نِہنأ وِتھ ژھنان۔"

زنانہِ پرٕژھُس "تمیک مطلب کیاہ چھُ؟"

برہمنٕن ووٚنُس "أمیک مطلب چھُ یہِ زِ سون بادشاہ مرِ أزی کہِ پیٹھہِ سٕتٕن دوہن لنڈر لنڈر۔"

"مرِ!" برہمن زنانہِ ووٚنُس اوٚش ہکہٕ ہیوٚ تہٕ تھ "بادشاہ صأب، کتھہٕ کنۍ مرِ؟ بمار گژھِتھ کِنہ دُشمن سٕندِ دٔسۍ؟"

برہمنٕن دِیُس جواب "أزی کہِ پتہٕ ستہٕ دوٚہی وٕسہِ رأژ ہٕندِ گوڈنکہِ پٔہرِ پتہٕ

آسمانہٕ پیٹھہٕ اَکھ زبردست زہریلہٕ کالہٕ سَرُ پھ تہٕ اَژِ درواز کِنۍ بادشاہہ سِنٛدِس خواب
گاہَس منٛز تمے درواز کِنۍ یُس محل خانہٕ کہِ پۆری کِنۍ صحنس کُن کھُلان چھُ۔ یہِ
سَرُ پھ دِیہِ بادشاہ صابنس کھورٕ ٹینٛڈس ٹو پھ تہٕ تمی کِنۍ مرِ سہٕ۔"

برہمن بایہِ وۆنُس "مگر یہِ گۆژھہٕ ہرگز تہٕ سپدُن۔ بادشاہ ہیکہِ ناتہٕ
مَرِتھ نہٕ نشہِ بچِتھ۔ مےٚ وَن اَتھ چھنا کانٛہہ وۄپایے۔ پۆز گووہِ زِ یتھ ہیوٚ انصاف
پسند، رُت تہٕ گاٹل بادشاہ گۆژھہٕ یتھہٕ کِنۍ مرُن۔"

برہمنَن وۆنُس دیوتاہ ہکن اَتھ مصیبتس روٗٹ کٔرتھ۔ "ژ دِمےٚ گۄ ہناوِیہِ
کینٛہہ زِنٛی ہَچہِ تہٕ یہٕ کرِ اَمہِ خاطرٕ ہوَن۔ تکِیاز شاسترن منٛز چھُ لیکھتھ زِ ہرگاہ کانٛسہٕ
شخصس پیٚنہٕ زِ بادشاہَس چھُ کانٛہہ مصیبت ییٚنہٕ وول تہٕ تمی ساعتہٕ سہٕ دیوتاہَن کُن
نارس کینٛہہ پُشراوِ بادشاہ بچہِ تمہِ مُصیبت نشہِ تہٕ ہیکہِ نہٕ بادشاہ بچِتھ۔ وۆنۍ گَس چھُ یہِ
پےٚ مگر تہٕ کٔرتھ تہٕ گۆژھہٕ سون یہِ بادشاہ بچُن۔" یہِ وَنان تُجہِ اَمۍ ییمہٕ زِنٛی ہَچہِ۔ نار زٕلُن
تہٕ تژ وۆدُن نارس گۄ تہٕ پتہٕ مختلف منتر پٔرتھ وۆتھ تھۆ دتہٕ زنانہٕ کُن پھیرِتھ وۆنُن "بادشاہ
صأب ہیکہِ بچِتھ ہرگاہ تمی سُند کانٛہہ نۆکُر اَشناو ییمہٕ ہدایت پالہِ۔ تیمِس شخصس یہِ خاہش
آسہِ زِ سہٕ کرِ یتہٕ سہٕ گرژھہِ محل خانہٕ کہِ پۆری کِنۍ صحنس منٛز کھوڑ کھٔنِتھ۔ ییمو منٛزٕ کینٛژن
کھوڑن گژھہِ سہٕ آب برُن تہٕ کینٛژن دود۔ ییٚہٕ گژھہِ سہٕ ییمَن کھوجن منٛز تہٕ خأٹی
جایہِ برابر بادشاہ سِنٛدِ خواب گاہ کِس دروازس تانۍ پوش ترٛاوُن یہِ کامہِ ہن کٔرتھ گژھہِ
سہٕ دروازس نیٚبر گنہٕ برابر وقتس پیٹھ تلوار اتھس منٛز ہیتھ روزُن۔ سَرُ پھ ییہِ ضرور تہٕ
سہٕ ترٛ آبہٕ تہٕ دودہٕ ستی کھوڑن ژھانٛڈِ اپور۔ ییمو چیزو منٛزۍ تہٕ پوشو پیٹھی نیٚبر تھ گژھہِ تمہٕ کُ

ہنٛدِس زہرس ہنا کم اثر۔ سَرُ پھ ییٚلہِ درواز َس نشہِ ولتہِ تہٕ سُہ نفر ییمِس یہِ کأم ذِمہٕ آسہِ ہیٚرِ مِنٛز گژھِ اَمِس تلوارٕ ٹاس ترٛاوُن تہٕ مارُن۔ سَرُ پھ مارنہٕ پتہٕ گژھِ سُہ سَرُ پھ سُند گرما گرم خوٗن تُلن تہٕ بادشاہٕ ہنٛدِس کمرِس منٛز اَژِتھ تمِ ہنٛدِس کھورِ نٛبُٹھس مٔتھُن۔ یِتھہٕ کنہِ ہیکہِ بادشاہ اَمہِ مصیبتہٕ نشہِ بچتھ۔ مگر افسوٗس! سُہ کُس گرِ یہِ سأئلم کیٖنہہ؟"

شہزادِ اوس تجسُس کِنہِ برٛہمن ہنٛزٕ پہرِ ہنٛزِ دارِ نکھہٕ آمُت تہٕ تہٕ سأئلم اوسُس بوٗزمُت یہِ وَننہٕ اوس آمُت تہٕ سُہ اوس سبٹھاہ حأران سپُدمُت۔ صُبحس بأگ وۄن اَمِ یہِ سورُے معاملہِ پَنہٕ نبن تربن بایَن وۄن گو و بادشاہَس دِیُت نہٕ یمو اِفشا تہٕ گرٕ ھنہٕ۔ شمن رأژن روٗدی یم ژور بارِ نی دہ ہدرٕ شکی پأٹھی روندِس نیران مگر سُتمہِ رأژ وۄن یمَن زِٹھی ہوی بأے زِ ازدی تومےٚ روندِس نیرنچ وأری تکیاز تِمس اُس خأہش زِیٔہ بچاوِ ہَن بادشاہ۔

لہٰذا ادرٛا اوسُہ تہٕ کھٔژِن محل خانہٕ کہِ پوٗرِ کِنہِ صحنس منٛز کھوٗڈتہٕ یمو منٛز یوٗرُن اڈبن آب تہٕ اڈبن دود تہٕ بییہِ چھکِن پرٛ بتھ طرفہٕ برابر بادشاہٕ ہنٛدِ خواب گاہ کِس دروازس تانی پوٗش۔ ییٚلہِ وۄنی یہِ سورُے تیار سپُد پتہٕ تُجن اکھ نبتھہِ تیٚز تلوار اَتھس منٛز تہٕ روٗد دروازَس نشہِ اِستادِ روٗد زِتھ سَر پھہٕ ہنٛدِس یِنَس پرٛاران۔ یہِ سأئلم سپُد بادشاہ تہٕ ملکہٕ ہنٛدِ نِندرِ ترٛاونہٕ پتہٕ۔

تِتھے رأژ ہنٛد گوڈنیک پہر اُنڈ وۄت تہٕ شہزادِ اوس تِتھے کنہِ بلکُل تیار تہٕ تِمی بوٗزکیا ہتانی پیٚنچ آواز۔ اَتھی منٛز گیہِ تِمس یمو کھوٗڈ ونی کِمس تانی جانورٕ ہنٛز حرکت کرنچ ژھاے ہش پتہٕ باے یِس تہٕ پتہٕ منٛزی یہے سراے ہش یم اَمِ محل خانس کنہِ

چھکر اُوی ٔتی اُسی۔ پتہٕ وُچھ اُکی دۄرِ ہیٚوٚے سرپھے ہیوٚ کیاہ تانی پانس کُن پان وُٹھی وُٹھی ہیوٚ یوان۔ یہوٚے اوس وقت۔ شہزادَن چاٚر تلوارِ تچھ تہٕ تتھے سَرُ پھ دروازس نِشہٕ وۄت تہٕ کری نس زِچھہٕ۔ تمی تُل ؤلی ؤلی اُمس سرپھہٕ سُند کینہہ وُشن وُشن رَتھ تہٕ اُچھن پَنہٕ نَبن پٔٹ دِتھ مۄٚ روۄن وارِ وارِ خواب گاہک دروازٕ تہٕ ژاو اندر۔ تمی اُس اَمہِ رِکنی اُچھن پٔٹ دِژمۄ زِ سُہ اوس نہٕ یژھان زِ پنہٕ نِس مأکی سِندِس ذأتی کمرس منز تتھ کیاہ پیٚیہٕ ہے تَس پتھ اُمس نظر۔ تمی لاگ حبہٕ سان بادشاہ تہٕ ملکہٕ ہِندی کھورٕ ٹینڈی سارِنی تہٕ وۄنی یم ٹینڈی ساٚرِتھ تَس اَتھس منز تتھ بادشاہ سِندی باسے تَمن منز مۄتھن اَمہِ منز کینہہ خۄن۔ مگر سُہ اوسنہٕ یہ وُچھتھ ہبکان تہٕ اَتھ منز مۄتھن ملکہ تہٕ کینژن ٹینڈ بن یہ خۄن۔ اَمہِ ستی سپز مُلکہ ہُشار تِکیاہ زِتَس اُس لۄ ژھنڈر تہٕ یِیلہِ تمہِ نفر اَگمِر منز نیران وُچھ تمہِ دِژ تھَدِ چکھ تہٕ وُزنووُن بادشاہ۔ اُتھی منز وُچھ تمہٕ پَنہٕ نَبن ٹینڈ بن خۄن لاٚرِتھ تہٕ تَس باسیوٚ وزِ کانہہ راکھشَس اوس یَمن نِش آمت۔ یَمہٕ رِکنی سو کھۄژتھ پاگل ہش سپز۔ بادشاہ تہِ گوو وقتیے پتھ ہُشار زِ تَس باسیہٕ کمرٕ منزٕ نیرِ ونس شخصہٕ سنز ژھاے پَنہٕ نِس زِھس نیچوی سنز۔ بادشاہَن وۄن سخت جذبأتی اندازٕ ''آ۔آ۔ تہٕ چھُ سأٔلم پوٚزیہٕ ژونان اُسکھ۔ وۄنی بیوٚٹھ مے پُزی پاٚٹھی پنہٕ نَبن شُربن ہِندِس کمینہٕ آسنَس تہٕ دھوکہٕ دہی ہُند۔ پگہہ دِمہٕ بہٕ یَمن ژھۄشونی کلہٕ ہیر ژٹنک حکم۔ یتھن بدبختن گژھہِ نہٕ زِنٛد روزنہٕ دِنہٕ یُن۔''

مُلکہ سنبھول ہیوٚ۔ یِیلہِ وارِ یہَس حدس تانی اَمہِ خوفہٕ منز دژ ایہٕ۔ تمہِ دِیت بادشاہَس نِشہٕ تَمن کتھن نۄن مرژٕ وانگن راٚوِتھ پھیٚریہٕ تمہٕ وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت

اوس۔ تَمہِ ہأوِ بادشاہَس پَننِ خوٗشہِ بَرتی کھوٚرِ ٹیٚنڈ۔ بادشاہَن یہِ کینٛہہ ہاپانہٕ وُچھ تہٕ
أمی سٟنٛز یمہٕ گَتھہِ بوٗ زِتھ کوٚر تَمی پَننہِ جایہِ یہِ پوٗر فأصلہٕ زِ سہٕ ژھنہٕ ژلی وٕلی پَننہِ نَمن
ژُر بَن مأرِتھ۔

تَمی وۄن "بے شک یِیلہ میأنِس نیٚچِوِس فِکرِ توٚر زِ تَم ہیٚکَن نہٕ چانہِ زندگأنی
منٛز مے کانٛہہ نقصان واتنأوِتھ تہٕ تَمو وأٹ راکھشَسن ژتی۔ دیوتا گری تَن اَسہِ
رأچھ!۔"

وۄنی أس ملکہ پوٗرٕ خوش۔ تَمہِ زون زِ أخرس تہٕ گوو تَس تہٕ حاصِل یہِ سویژھان
اُس۔ تَمِس اوس وۄنی ذیہنَس منٛز تابناک مُستقبلُک تصویر یوان۔ تَس باسیاو زِ میأنی پَننٛز
دانا، بُڈی تہٕ چالاک نیٚچِوی چھِ حکوٗمت کران، سأری لوٗکھ چھِ یِمَن تعریف تہٕ سأری
ملک چھِکھ عزت کران۔ سو أس بے صبری سان تَتھ دوہَس پرٕاران یِیمہِ دوہہٕ اَمہِ
خأہشہِ ہنٛدِس پوٗرٕ سپدنَس منٛز موٗجوٗد گُنے ٹھوٚر صاف پیہِ ہے کرنہٕ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ سُلہِ صُبحأے گوو بادشاہ مشاورتی ایوانَس منٛز تہٕ بُلأوِن پَننٛز
دوست تہٕ مُشیر تہٕ حُکم دِتُن زِ میأنی نیٚچِوی یِم وۄنی قِدی أسی گریٚو کھمے بڑ وٕنہہ کنہِ پیش۔
تِمَن اوس شاہی لباس کڈنہٕ آمُت، اَتھَن تہٕ بُتھبن أسکھ سوٗلٕرِ تہٕ ہاے مَتھنہٕ آمرٕ
یوسہٕ تِمَن تَمہِ اَنہِ گُٹ کوٗٹھرِ ہنٛز وسرٕ یہہ دارتہٕ مگر بو لَبو پیٹھہٕ لارپمرٕ أس یِتہ منٛز تِم رأت
ہنٛدِس زیادٕ ترٕ حصس قأد أسی تھاونہٕ آمٕتی۔ یِتھہٕ کنٕی أسی یِم سبٹھا مصیبت لد باسان۔
تہٕ گرِتھ تہٕ أسی نہٕ یِم مایوٗس۔ یِمَن سارنے أس ڈیکَن پیٹھ وومید۔



تیٚمہِ وِزِ یِم ژور شہزادٕ اندر ژأے تہٕ کھ جایہِ گُن پکرٕ یِمہ پیٚتِھ پرٕلنہٕ سزا

بوزنہٕ خاطرٕ مقرر اؠس تمہٕ وِزِ اؠس اَتہِ مکمل ژھوپہٕ۔ کینژَن مِنٹن ہنٛدِ وقفہٕ پتہٕ کھول بادشاہَن یُس شرارتہٕ ستۍ تھَرٕ اؠس یِمَن یہِ راہ زِ یِمو اوس تہٕ کینژھا کوٚر رمُت یُس قتلس برابر اوس تہٕ ترٛٹھ ہش حرکتھ اؠسکھ گرمٕژ یِتھ دیوتاتہٕ معاف ہکَن نہٕ کٔرِتھ تہٕ لہذا نہٕ سُہ تہِ۔اَمہِ کِنۍ دیُت اؠمۍ حُکم زِ یِم گژھَن فورَن قتل تہٕ کرنہٕ۔

سزا بولنہٕ پتہٕ آے مارٕ واتل برٕ وٛنھہ کُن تہٕ ترٛاوٕکھ یِمَن قدبن تھُپھ۔ کینژھ و وزیر وتہٕ یِم اَتہِ حاضِر اؠسۍ ہیوٚت یہِ وَنُن زِ اؠخر کُس جُرم چھُ یِمو شہزادد کوٚر رمُت مگر بادشاہَن بوٗزِ بے نہٕ کینٛہہ "نیٛو کھ یِم" تِمۍ وۄن "یہٕ وَنو پتہٕ توہہٕ یِمو کُس جُرم چھُ کوٚر رمُت۔"

اَمہِ وِزِ ہوو ژورومنٛز اؠکۍ شہزادَن اتھہٕ ستۍ اِشارٕ تہٕ تخت برٕ وٛنھہ گنہٕ ترِوۄن پان یِتھ زِ سُہ کیا ہتام وَنُن اوس یژھان۔

بادشاہَن وۄن "دِیوٗس وَننہٕ۔ ممکن چھُ زِ یہِ آسہِ کانٛہہ تیٚتھ سرٕ یُتھ پَتھ دِلک بارلوٚ ژراوُن یژھان یِتھ مَل آسہِ۔ دِیوٗس وَننہٕ، وَننہٕ دِیوٗس۔"

شہزادَن وۄن "اے بَہلِہِ پایہِ تہٕ رحمدل بادشاہ تہٕ میانہٕ بَہہٕ۔یہٕ چھُسے ژے التجا کران زِ میانہٕ مرنہٕ برٕ وٛنھہ بوز ژٕ میأنۍ کتھ۔

پَتھ کالہِ اوس اَکھ سوداگر یُس نیٚچو بالغ سپدتھ پزٕ ہتھ کارس منز سبٹھے داناتہٕ چالاک اوس تہٕ بیٛیہِ اوس سُہ سبٹھاہ رُت تہٕ۔ سوداگرن یوٚ ژھ زِ اَمِس گوٚژھ سبٹھا تجربہٕ حاصِل گژھَن تہٕ اِوٕ کِنۍ وۄنُن تَس زِ ژٕ گرٕ گُنہِ نیبرِ مِس مُلکس گژھُن تیأری تہٕ کیا زِ تُسُند اِرادٕ اوس زِ یہٕ سوزَن یہِ گُنہِ نیبرِ مِس مُلکس سوداہیتھ۔ اؠکِس ہفتس اندر کٔرِ اؠمۍ

نوجوان سوداگرَن تیأری تہٕ دژاو۔ تَس ؤسمکھی وار یہہ ازأنی لۆکھ تہٕ وار یہہ عجب چیز تہٕ ڈچھن۔ ئہ ہسکہٕ تھہٕند تہٕ بیٚیتہٕ حاضرن ہُند توجہ واریٚہن دوہَن تمَن ہٕنٛدِس بیانس کُن پھرِتھ مگر ئہ چھُس توہہِ صرف اَکھ واقعہٕ بیان کرنک اجازت منگان۔

پَنہٕ نِس سفرس دوران ؤسمکھی اُمِس نوجوان سوداگرس ژور نفر یم پانہٕ وأنی اَکِس معمۆلی ہۆنس پٮ۪ٹھ لڑایہِ وان اَسی لأ۔گتھ تیٚمس تم اور یور بے رحم پأٹھی لمہٕ لم اَسی کران۔ ’’توہی کیأ زِأ کِس چھُو اَکھ اَکِس ہٕتی ژۆان؟‘‘ تمی پرٛژھکھ۔

یِمو منزٕ وۆنُس اَکی تنازعہٕ کرَن وألی ’’اَسی چھِ پانہٕ وأنی بارٕنی تہٕ اَسہِ گۆزریاو حالے مول۔ اَسی اَسی پَنہٕ نِس جائدادس حِصہٕ کران تہٕ پرٛ بتھ کانٛہہ چیز سپُد رٕتی پأٹھی۔ یۆت تانی وۆنی اَسہِ تیٚمس ہۆنی سُند حِصہٕ کرُن ووت۔ اَسہِ میٚج سارِنٕے اَکھ اَکھ گاو۔ دانہِ تۆ ملک میول برابر حِصہٕ، تیرن تہٕ ژھاولین تہٕ کوٚر برابر حِصہٕ۔ مگر یہِ ہۆن کتھہٕ کنی ہسکون بأگرأوِتھ زِپرٛ بتھ کانٛسہِ میلہِ برابر حِصہٕ تہٕ توے چھُ زِ یُٹھ ہیوٚ بوے ونان ’’یہِ چھُ میون‘‘ تہٕ چھُ اُمِس نٕنچ کوٚشش کران ئہ چھُس یژھان یہ گژھہِ مےٚ تہٕ توے چھُسَس تھچھ ترٛ اَوِتھ تہٕ میأنی باقے زِبأے تہٕ چھِ سوچان زِ تم نٕے چھُ اُمِس پٮ۪ٹھ حق تہٕ توے چھِ اُمِس حاصِل کرنٕچ کوٚشش کران۔ ژ چھکھ شاید یتھ گتھہِ پٮ۪ٹھ حأران زِ اَسی کیأ زِ چھِ یتھ معمۆلی مالس پٮ۪ٹھ اَکھ اَکِس ہٕتی ژۆان مگر یہِ چھنہٕ اَکھ معمۆلی ہۆن۔ اَسہِ منزٕ ترٛ اوِ ہے اُمِس پٮ۪ٹھ کانٛہہ تہٕ خوٚشی سانٕے حق ہر گانہٕ اَسہِ یہِ پئے لگہِ ہے زِ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ عام جانور۔ سون ٹۆٹھ بابہٕ صأب بیٚلہِ مرَن سرٕ اوس تمہِ وِزِ وۆن تمی اَسہِ یہِ کنی زنہٕ ۆن ڈہن سانٛسن روپیٚن۔ مگر اَسہِ کُس دِیہِ اُمِس وٕہ ساس

روپیہِ اَسہِ نوٗیہِ بازرتہٕ تہٕ لۆکوترٕ وواَسہِ أمِس یوٚت ٕقمت کرنس پتھ اُسن۔ اڈٕ بو سوٚنچ زِیم چھِ پاگل اڈٕ بو سوٚنچ زِیم چھِ خوش گیھا کران تہٕ اڈٕ بو دِتی اَسہِ پٔشھِ بنہٕ حماقتہٕ بتھ چوٚب۔

نوجوان سوداگرن وۆنُکھ "یہِ چھےٚ عجیبےٚ دٔلیلا۔ سبٹھے عجیب۔ توٚہۍ ہیکیٚون نایہِ ہۆن کمہٕ ہیے پہٕن موٚلس کٔنتھ؟"

ژوشٕرے بارنو وۆنس بلکل ژٔٹتھ جواب "نہ۔ أسی ہکو نہٕ تتھ ادلہِ بدل کٔرتھ یہِ اَسہِ مأل چھُ وۆنمُت۔ تِمی چھُ اَسہِ اَتھ متعلق باند باند کوٚرمُت۔"

نوجوان سوداگرن گٔریمِن پتھ پٔرھ تہٕ سوٚچن زِیہِ ہۆن گرٔھِ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ یوٚت لوٗن۔ تِمی سوٚنچ زِیہٕ ہمن یہِ مٔلی، تہٕ اَمہِ ہُر یمانہٕ اوٚسُس مأل وٗنتھ تھوومُت زِ گوڈِ نیٚک سوداترٕ أوی زہنہٕ اَتھ منزٕ چاہے سُہ ہیوٚن آسی یا کُنٕن تہٕ بیٚیہٕ ہرگا تتھ منزٕ گاٹے تہٕ باسی۔ لہذا ارۆٹ أمی أمی وِزِہۆن تہٕ دِیتنکھ یہِ رقم۔ پتہٕ یُس باتے سفرأمی کوٚرتتھ منزٕ میج أمِس ترقی تہٕ کیٚنژٕ وٚہری آو سُہ پنہٕ نِس مُلکس تہٕ مألس نِشہِ اَکھ سبٹھے امیر تہٕ تجربہٕ کار شخص بٔنتھ۔

تِمِس اوسنہٕ وُنہِ سفرٕ پتھٕ واپس آمتِس سبٹھا زیادٕ وقت گوٚمُت زِ أمِس گُزریاو مول۔ جایدادِس متعلق کیٛا ہتأنی نہ واتنہٕ کِنی اوس یہِ جوان ژھوٚرے تہٕ چھوٚنے ماسوایہِ أسِس نأل ہنٛدی پلوتہٕ سُہ ہۆن یُس أمِس سبٹھا بٔڈس رٔٹمِس اوس پیوٚمُت۔ پنہٕ نِس اَتھ مصیبتَس منزٕ گوو سُہ بیٚیس أکِس باپأرِس نِش یُس یمِن جان دوست اوس تہٕ منگِن تِمِس ہۆنس پتھ روپیہِ پنداہ ساس پیشگی۔ أمی سوداگرن دِتُس

جلدٕ ے یہِ رقم۔ رۄپیہِ رٕٹتھ دڑاو یہِ نوجوان سوداگر تہٕ لوگُن باپار کرُن تہٕ اُتھ منٛز آس لوکُٹ موکُٹ نفع تہِ۔

اَتھ دوران گوو دۄ یمِس سوداگرس یہِ ہۄن سبٹھا ٹوٹھ۔ سُہ اوس امِس دۄہَس پانٕسے سٟتۍ نوان تہٕ راتس اوسُس صحنس منٛز باگ اَکِس ٹکلس سٟتۍ گنٛڈِتھ تھاوان۔ ہۄنس تہِ اَس وۄنۍ اَمِس نِہ مالکس سٟتۍ سخت لےٚ تہٕ تَس سٟتۍ روٗزِتھے اوس سُہ خوش باسان۔

اکہِ رٕ اَژ سپُد اَمِس جانور سنٛزِ وفاداری تہٕ دلٕئی امتحان۔ ساری اَسۍ شۄنگتھ تہٕ پژبتھ کانٛہہ چیز اوس اَنہِ گٹہٕ وۄلُمت زِ کیٛنٛہہ ژۄر آے باپاری سُندِ گرٕ۔ تِم آے سبٹھے لۄت پأٹھۍ وۄن گوو ہۄنس اَسۍ کِن تیز تہٕ تِمۍ بۄزِ ہِنٛدۍ ین۔ اَمۍ کُر گٔری گرٕ وُزناونہٕ خأطرٕ زورٕ زورٕ ووُپھرائے مگر کہنٛۍ گوو نہٕ ہشار۔ یہِ چھُ پھری پھری ووُپھرائے کران تہٕ اکھتے زیادٕ زیادٕ تھدِ۔ وۄنۍ ییلہِ اَمۍ ژۄرگرس منٛز اژان وُچھ تہٕ اَمۍ لوگ سبٹھا دیوانہٕ پأٹھۍ پۄزٕ زورٕ سان رَزِ دَرسہِ دِی دِی دورن یتھ زِ یہِ ییلہِ گژھ ہے۔ اَخرس پتھ تِتھے ژۄر روٗسَن ہتھ نیرُن ہیوٚت تہٕ رَز آیہِ ژھینٛتھ۔ ہۄنۍ ہیٚژ تِمَن چیٛنٛھۍ تژاونۍ مگر ییلہِ وُچھن زِ یِمَن چھِ ہتھیار اَتھَن کیتھ تہٕ سُہ روٗد وٕتھ۔ اَمۍ کۄر انداز زِلڑأے کرنہٕ سٟتۍ گژھہِ یہِ مارٕ تہٕ فأیدٕ تہِ ییہِ نہٕ کانٛہہ؟ اَمۍ زون بہتر یِمَن پتہٕ پتہٕ نیرُن تہٕ وُچھن زِ یِم کوٚت نِن اَمۍ سٕنٛدِس مالکہٕ سٕنٛدی چیز۔

ژۄر ریٚگۍ تیز تیز وارٕ یہہ دۄرتہٕ واَتۍ سڑکہِ ڈٕلتھ اَکِس لوکٹس جنگلس منٛز۔ اَتہِ رُکے یِم تہٕ کھۄنٛکھ اکھ بۄڈ دوب تہٕ اَتھۍ منٛز بۄرُکھ یہِ خزانہٕ۔ اِرادٕ اوسُکھ زِ دُبارٕ

یمُو تہٕ پتہٕ ییٚلہِ ژٕۄ رِہُنٛد شور ییہِہ ہیوٚ تہٕ پتہٕ یمو تہٕ بأ گراوَ یہِ پانہٕ وأنۍ۔ وۄنۍ ییٚلہِ تم بلکُل سڑکہِ ڈٲلتھ أسی پکان تہٕ ہۄن رۄ داتھ جایہِ تانۍ أندی پکِ زمین تچھان۔ یتھ زَن أمِس یہِ جاے وَنہِ روزِ تہٕ پتہٕ آو واپس مالکہٕ سُندگرٕ۔

صُبحس ییٚلہِ مأ لِک ہِنٛد رِوۄتھ تہٕ اَتہِ وُچھن بڑ وُنٹھم درواز اڑ وۄتھ تہٕ سارے المارِ تہٕ صندوق یلے تہٕ یہِ کینژھا یمن منٛز اوس تہٕ نمت۔ ''ییتہٕ ہاچھِ ژٕۄر ژائی''۔ تمۍ دِژ کریکھ تہٕ چھُ پٔتِن ریش کڈان تہٕ سینس دۄ گ دِوان اوٕ یور کران۔ شور بۄزِتھ آے ہمسایہٕ تہٕ أندی أندی سمِتھ ہیوٚ تکھ وَدُن تہٕ۔

''افسوٗس! افسوٗس'' أکھ وۄن ''ہاے ہۄن اوس وو پھراے کران مگر اَسہِ دِیُت نہٕ اور کُن ظو نہٕ۔'' بیٚ وۄن ''مگر ژٕ تے آسہِ ہکھ اَمہِ ستۍ ہُشار کوٚر رمُت۔''

سوداگرَن دِیُت جواب ''نہ۔ نہ''

ییٚلہِ وۄنۍ ہۄنۍ ہِنٛز کتھ وُژھ تہٕ سوداگرَن اوٗن سُہ بڑ وُنہِ کُن تہٕ پاگلہٕ ہِنٛدی پأٹھۍ أمِس اَتھہِ پھِروان چھُ أمِس ستۍ کتھہِ کران ''واے ژٕ ے کتھ ہیکہٕ ہاکھ کرِتھ تہٕ وَنہا کھےٚ کُمۍ نی چیز'' اَتھ پتھ رۄٹ ہۄنۍ أمۍ سُند دۄ چھُن نوٚ ردندن منٛز تہٕ لوگُنس درواز س کُن لمُن۔

أکھ ہمسایَن وۄن ''شاید ما چھُ ہۄنِس پتاہ زِ خزانہٕ کتھ جایہِ چھُ ژھیپر أوِتھ۔ مےٚ باسان توٗہی پکو أمۍ سے پتہٕ پتہٕ۔''

ہۄن رۄدمیلہٕ واد بڑ وُنہِ کُن بروُنہہ کُن پکان یوٚت تانۍ سُہ جنگلسِ منٛز تتھ جایہِ ووت ییتتھ ژٕۄرَو یم چیز أسی دۄ برِتھ تھأوی متۍ۔ اَتہِ لوگ أمۍ زمینس تچھن تہٕ

سبٕھٕے زورٕ زورٕ چھُ میٚژ چھکان۔ سوداگرتہٕ تٔمس ہٕتی گمتو تسند بوساتھیو تہٕ لوگ اُتھ جایہِ کھٔژن۔ اُتھ ہٕتی آے یِمَن کینٛہہ رأوِ ہٕتی چیز وَنہِ تہٕ پتہٕ دژاے سأری چیز ژٕ!
سوداگر گو ویہ وُچھِتھ سبٕھٕے خوش۔

''ژٕ کٔر ییلہِ یِم سأری چیز پٔژن گرٕ واپس واتناوِ تہٕ یِم گرس منٛز زیادٕ محفوٗظ جایَن تھأوِن تہٕ ژٕ کٔر لیٚچھ نوجوان بایأرس ہٕتھہٕ کٕژ چٕھٹھی۔

''دانأیی، بہادری تہٕ رژرٕ کہِ ٹھکانہٕ تہٕ سارِنٕے ہٕنٛدٕ ٹاٹھہِ سلام! ژٕے سمکھنٕچ سخت یٔژھ باوِنہٕ پتہٕ چھِم وٕنٛن زِ یہٕ چھس چون ہر ہمیشہِ خأطرٕ شُکر گزار نوکر۔ ژٕے دِژ اتھ مےٚ کینٛہہ کال بٔژ وٕنہہ اَکھ ہوٗن ژٕ ہوٗنی بچوٗس یہٕ تباہ گژھنہٕ نشہِ۔ یہٕ چھسے ژٕے یہِ استدعا کران زِ ژٕ کٔن تَن مےٚ یہِ ہوٗن۔ ژٕ دِژٕن مےٚ یہِ ترٕہَن ساسن روپین بدلہٕ یٚیمہِ منٛزٕ پنداہ ساس روپیہِ ژٕے گوڈٕے چھُکھ دِژمٕژ لہٰذا چھسے بیٚیہ پنداہ ساس روپین ہٕنٛز چِبک سوزان ہٕتھہٕ کٕژ یَنہِ یہِ سأری ترٕہ ساس روپیہِ۔ ہر گاہ ژٕ میوٗن یہِ درخاس قبوٗل کرٕ کھ یہٕ روزٕے ژٕے ہمیشہِ یہِ دُعا کران زِ ژٕے روٗزی نٕے ہَر اللہٕ عنایتہٕ سپدان۔''

یہِ چِٹھی بند کٔرتھ تھأون یہِ ہوٗنس اُسس منٛز تہٕ وٕنٛنس ژٕ گژھ پَنہٕ نس پرأنس مأکلس نِش۔

ییٚلہِ جوان سوداگرن ہوٗن پانس کن دوان دوٗران یوان وُچھ تٔمۍ سوٚنچ زِ یہِ چھُ ژٕلتھ آمُت۔ لہٰذا یہِ اُمی سُنٛد موجوٗدٕ مأ لک اُمس پتے تہٕ منگِم رَقم واپس یہِ زَن میانہِ خأطرٕ وٕنی کٔبس ممکن چھُنہٕ۔ لہٰذا کوٚرُ ژٕ ارادٕ زِ یہٕ مارَن یہِ ہوٗن تہٕ پتہٕ ہرگا سوداگر یہِ تہٕ پٔژن رقم منگہِ یہٕ ہیکہِ تٔمس وٕنِتھ زِ ''دِن مےٚ پٔژن ہوٗن تہٕ یہٕ دِمے ژٕے

پِٹنِہ پِٹنِہ واپس'' مگر یتہٕ اوس دوکھا، ساسہٕ بۆ دماتما! تِتھےٚ تٔمی یہِ ہۆن مارِتھ ژھٔن تہٕ یہِ گَتھ تاںٛ جاپہِ یتھہ یہِ ژۆرِ پأٹھی دۆ برووتہٕ چھِٹھی پیِپہِ ہۆنٛ سِنٛدِ اَسہٕ منٛز۔ نوجوان سوداگرن تَجِ یہِ چھِٹھی کتہٕ یہِ پرٕتھ پیوٚ بےہوش گرٕھتھ پتھر۔''

شہزادَن وۆنی یہِ دٔلیل کأنٛی جذباتہٕ بَرِتھ اندازٕ یتھ زِ بادشاہ تہٕ اَتہٕ موٗجوٗد لۆکھ سَپدی اَمہِ ستی زبردست مُتأثر۔ دربارس منٛز گووتہٕ ستھ تہٕ یِیلہِ شہزادِ کینٛژن منٛتن ژھوٚہ گرِتھ رۆدتہٕ گوڈنِکہِ کھوتہٕ زیادٕ پٔہن سنجیدگی سان وۆنُن ''اے بادشاہ۔ توٚہہِ دِتوٗ اَسہِ فورن قتل کرنہٕ پیٚنک حکم مگر اَسی چھِ یتھی معصوٗم یُتھ یہِ بچور ہۆن اوس۔ یتھنہٕ یہِ سَپد زِ جلدی منٛز یہِ کأم گرِتھ گرٕھی ژٔرے افسوٗس تہٕ تیمس نوجوان سوداگر سنٛز دٔلیل مےٚ وۆنی تٔمی سِنٛدی پأٹھی پشتاوکھ مگر وقت آسہِ گۆمُت۔''

بادشاہَن وۆن پھسرایہِ منٛز ''حکم پیِیہِ تہٕ واپس نِنہٕ بہٕ مانہٕ نہٕ اَکی سنٛز یہِ کتھ۔''

اَمہِ پَتہٕ ترٛوو بے شاہزادَن تختس برٛ وٚنہہ گنہِ پان تہٕ دۆپُن زِ مے تہٕ دِیتو مرنہٕ برٛ وٚنہہ کینٛہہ ونُنک اجازت۔

بادشاہَن وۆنُس دۆ چھن اَتھ رَژھ کھنڈ تِلتھ ''وَن''

شہزادَن کۆر یتھہٕ پأٹھی شروٗع:۔

''اے عظیم تہٕ باوقار بادشاہ۔ سبٹھا پَتھ کالہِ اوس اَکھ شکأری یُس مانہٕ اوس یِوان تہٕ تیمنٕے کینٛژن پکھشن تہٕ جانورَن پیٹھ اوس سُہ تہٕ تَسُنٛد عیال گُزارٕ کران یِم سُہ جنگلس منٛز ماران اوس۔ دہا بٔنیا وزِ اَمِس میوٗل نہٕ کہنٛہ۔ سُہ اوس اَمہِ وجہٕ کِنہٕ سخت

دوٕ کھہٕ ہوٚت تِکیازِ تٔمِس اوس نہٕ پگہہ خاطرٕ گرس منٛز کھینہٕ خاطرٕ کینٛہہ موجوٗد۔ لہٰذا روٗد
سُہ ترٛین دوٕہَن جنگلن منٛز بڑوٛنہہ بڑوٛنہہ پکان۔ یتھ زِ کینٛہہ ما میلِم یوٚت تانٛی سُہ
آخرس پیٛٹھ اَکِس پَہرِ نِش دوٗت۔ یتھ نیبر گنہٕ کینٛہہ شکٲرۍ بہتھ اٲسۍ۔ تِمو پرٛژھس زِ
ژٕ کُس چھُکھ تہٕ کتہٕ پیٛٹھ آکھ۔ تِمو ییلہٕ یہِ بوٗز زِ یہِ اوس کھینہٕ خاطرٕ حالِ حٲران تہٕ
ترٛییو دوٕہَو پیٛٹھہٕ اوٗسُس نہٕ کینٛہہ تہِ کھیوٚمُت تِمو اوٚن کینٛہہ مازتہٕ ژوٗٹ اَمِس بڑوٛنہہ
کُن تہٕ وعدٕ کوٚرہَس زِ اٲسۍ نِموتھ ژٕ وٗنۍ رَژھِ کھنٛجہٕ پَتہٕ اَکِس یتھۍ جایہِ ییٚتہٕ ضروٗر
ژےٚ شکار میلی۔

اصل پأٹھۍ کھینہٕ ہن کھیتھ تہٕ آرام کٔرِتھ دراے سُہ تہٕ ہمو منٛزٕ اَکھ شُکٲرۍ
جنگلس منٛز اَکِس خاص طرفس کُن تہٕ موٗرکھ اَکھ ہانگل۔ کینٛہہ لوٕکٕٹۍ جانور تہٕ ییٚہ
اَکھ زٕ پکھش۔ یِمَن لوگ نہٕ باقیو شکار رواتھ تہِ۔

تِمو وٛنُس "نہ۔ نہ۔ یِم چھِ چانٛی۔ ژٕ نِکھ یِم فورَن پننہِ زنانہِ تہٕ شُر بن یِم وٗنۍ
کیٛمن بوٚچھِ ہتۍ آسَن۔ اٲسۍ یژھہٕ ہاوٕژ واریَس کالس پانس ستۍ رَٹِن ہرگاہ اَسہِ خیال
آسہِ ہے زِ ژےٚ آسی واپس گرٕ گژھنٕچ واریہہ فِکر۔ وۄں گوو اَسہِ چھےٚ وومید زِ ژٕ
سمکھکھ اَسہِ جلدٕ ے دُبارٕ۔"

شُکٲرۍ وٛنُکھ درجواب "یہِ کینٛژھا توہہِ میانہِ خاطرٕ کوٚرو تِمہِ باپتھ شُکریہ۔
یتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شک زِ بہٕ آسو توہہِ اَکثر سمکھنہِ یوان تہٕ توہہِ ہوٕبن دوستن مدد
کرنہٕ خاطرٕ آسہٕ بہٕ ہمیشہِ تیار۔ ہرگاہ توہۍ مےٚ وقتس پیٛٹھ مددگار ہُوٕبہٕ تہٕ میوٗن عیال
آسہِ ہے موٗدمُت۔ ضروٗر ریمہٕ بہٕ توہہِ نِشہِ دُبار۔"

گرِ واُتِتھ وُچھ اُمۍ پننہٕ زنانہٕ تہٕ عیال بوچھہِ ستۍ مَرنس پیٚمتۍ۔ تم اُسۍ تُمس پڑاران پڑاران لوٗسۍ مِتۍ تہٕ اُخر اُسۍ بوچھہِ ستۍ اَتھ حالس واَتۍ مِتۍ۔ لہٰذا ژول اُمۍ ژٕلی ژٕلی نار تہٕ روٗثُن کینژھہ ہانگل ماز تہٕ بییہٕ بنوٗون ژھٹہٕ رَس۔

صُبحس کیُتھ اُسۍ تم بلکل ٹھیک تہٕ خوش تِموٗ وٕنی اَکھاَ کس پننہٕ بُتھہِ آمتۍ مُشکل تہٕ کوٚرُکھ جنگلہِ کین تِمن شکارین دُعایہِ خاَریم یِمن پیٹھ پیٚتۍ مہربان اُسۍ سپدۍ مِتۍ۔

کینژھہ دوٚہ روٗزن شکاَرۍ پننہٕ زنانہٕ زِمےٚ پزٕ پننہٕ نبن دوستن سمکھنہٕ خاَطر جنگل گژھُن تکیا زِمےٚ چھُ تِمن وعدٕ کوٚرمُت زِ یہ یِمو جلدٕ ے توہہِ سمکھنہٕ۔ لہٰذا گرِ اُمۍ کینژھہ ڈالہِ تیار تہٕ دڑاو۔ باقٕے شِکاَرۍ گےٚ اُمس وُچھتھ وار یہِ ہہ خوش تہٕ سبٹھا رتی پاٹھۍ کوٚرہَس خاَطر۔ سہٕ روٗد کینژن دوہَن یِمن نِش یتھ دوران اُمۍ وار یہِ ہہ شِکار کٔرۍ تہٕ پتہٕ کوٚرُن طےٚ زِ اَمہِ جماَژ ہندِس زِٹھۍ سنزٕ ماَرۍ منزٕ کو رِستۍ کرِ پننہٕ نس نیٚچوس کھاندر۔ یُتھ زٕیم زٕ خاندان دوستی ہریمانہٕ وٕنی رشتہٕ کِنۍ تہٕ واٹنہٕ یہَن۔

کینژھہ کاُلی سپدِ یہٕ کھاندر تہٕ مہرازس آو ہوٗ رسال کرنہٕ تہٕ سہٕ گو وار۔ نصف راَژ باَگی ہیوٗ ییٚلہِ یم باُژ زٕ اَتہٕ شوٗنگتھ اُسۍ تہٕ یم گےٚ شاَئن ہنزٕ زبردست وُنگہٕ رایہِ ستۍ ہُشار۔ مہرنہٕ اُس جانورن تہٕ پکھشن ہنزٕ بوٗلی فِکرِ تران۔ تمہِ ییٚلہِ ہُشار گژھتھ یہِ بوٗز تہٕ تَس آو سمجھ زِ یِم اُسۍ اَکھاَ کس ونان زٕ ریاوَس پچھےٚ اَکھ لاش یِرِ وسان تہٕ لاشہِ ہنزٕ اَکس نرِ چھُ اَکھ کرژھہ کرستہٕ پانژھ قیمتی لال چھِ اَمِ رِتھ۔ کانژھہ اَکھا ہرگا گژھتھ ہیکہِ ہےتہٕ لاشہِ ژٕنڈِس کُن اَنہِ ہے تہٕ پانژن لالن ہُندِ یہٕ کرژھہِ کرِ بیہِ ہے تہٕ تھہٕ کِنۍ

سپدٕ ہَن ترٚ ے ژٕ ڑٕ کامہِ ڈٕ ریاو گژھِ ہے گندگی نِشہِ صاف پانژھ قیمتی لال بچہِ ہَن ڈٕ ری یاوژٕ کِس تل گژھتھ راونہٕ نِشہِ تہٕ اَسہِ غریب جانورَن تہٕ بَنہِ ہے جان کھبنہٕ ہنا۔

مہرنہٕ یَیلہِ یہِ بۆزُ سوٗ ژھ بسترٕ منزٕ تھۆد تہٕ دژلیہِ ڈٕ ریاوَس کُن۔ اٚمی سُند خانہٕ دار چھُ سونچان یے گیہِ تہٕ گیہِ کوٚت لہٰذا اوزاس سُہ لوٚت لوٚت پَتہٕ پَتہٕ۔ ڈٕ ریاوٕ بٕٹھس پیٹھ واتتھ ترٚاوامہِ زنانہِ آبس منزٕ وۄٹھ تہٕ واژ ژھانٹہِ ترٚتھ لاشہِ تانی یوسہٕ زنہٕ گاشَس منزٕ کیٚمے اَتھہِ آس یِوان۔ تمہِ رٚٹ لاش تہٕ اَتھ بٕٹھس کُن اَنتھ کوٚڈنس سُہ خۄبصورت کژھہِ کریس اَتھ اَکِس نِراوس لاگتھ تہٕ پَتہٕ آیہِ واپس گرٕ۔

اٚمی سُند خانہٕ دار ووت گوڈے گرٕ تِکیازِ سُہ اوسنہٕ اٚمی ہنٕدس لاشہِ کژھہِ کرکڈنس پزار یژمُت۔ سُہ اوس سوچان "یہِ کیازِ گیہِ راژہنٕدِ یمہِ وَقتہٕ ڈٕ ریاوَس پیٹھ تہٕ کوٚرُن اَتہِ سران" اَمہِ رکِنہ پیٚیہِ نہٕ اٚمس ہنٕد رنگرا اٚمی سنزٕ زنانہِ گرگاش پیٚنس تانی اصل ہنٕد ر۔

خانہٕ دار یَیلہِ ہنٕد رِ وۄتھ تہٕ رسمہِ مطابق گووٕ لکٕ ڈٕ لی ڈٕ ریاوَس پیٹھ سران کرنہٕ۔ اَتہِ یمہِ ہتی تَمس وحشت گووتہٕ سُہ پریشان سپدٕ اوس یہِ زٕ یتھ جایہِ اٚمی سنزٕ آشنہِ راتھ کیٚتھ آبس ووٚٹھ اٚس لامژ تہٕ اٚس اَکھ اَڈٕ ریٖچ کھبنہٕ آمژ آدٕمی لاش۔ اٚمی وۄن پانس اَندری "میانی زنانہٕ گوھِ راکھشنی آسنی۔ تمہِ چھےٚ یہِ نصف لاش کھیٚمژ تہٕ ضرور ییہِ سوووٗنی از راتھ کیٚتھ تہٕ کھیٚنہ باقی ہَن۔ یہِ سوچان کھۄژ سُہ تَس نِش واپس گژھنَس تہٕ لہٰذا ادراوٚ نیاری واپس مالٕ رُنٕد گیہِ اٚلس نِش پاٚرکِ کیٚمے لۆکھ نیران

أسی۔

اوٚت وأتِتھ ووٚن تمی ''بباـ ژٔے کیٛاز کوٚرتھ مےٚ راکھشہٕ ستی کھاندر۔ مےٚ چھُ پوٚر پہتھ زیٚہ زنانہٕ پھِےٚ اُکھ راکھشنی تِلکیاز راتھ کھیٚیہ تمہِ اُکھ انسانہٕ لاش۔ اَمہِ کِس شبوتس منز ہلگکھ ژٕ گرٛہتھ تہٕ وُچھکھ دٔریاوٕ بُٹھس کُن اَمہِ لاشہِ ہُنٛد بچو مُت چھہِ۔ بٔہ کوتاہ بدقسمت چھُس!

ییٚلہِ شکأری یمہِ گتھہِ بوزِ تہٕ تمی سوٗنچ زیٛادتہٕ چھُنہٕ میوٚن نیچوٚ پوٚز وَنان تہٕ چھُ یہِ دیوانہٕ گوٚمُت لہذا ادٕ ژا وسہٕ ڈٔلی ڈٔلی اٍچ حقیقت زاننہٕ خأطرٕ۔ ییٚلہِ سُہ وُنہِ تِہنٛدِ نشہِ دوٗرٕ ے پہَن اوس تہٕ مہرنہِ ہُنٛد مول تہٕ اَمہِ گرٕکی بیٚیہ کینٛہہ نفر دژ اے اٍمس بُتھہِ سلام کرنہٕ تہٕ یہِ زاننہٕ خأطرٕ زِأمی سُنٛد نیچو کیٛازِ اوس اچانک تہٕ عجیب پأٹھی اَتہِ دژ امُت۔

أمی زون زِ دلنأیی پھِےٚ یہِ زِ اَتھ معاملس کھمو توٚت تانی گتھِے یوٚت تانی نہ أمس زنانہِ ہنٛز حقیقت معلوٗم سَپدِ لہذا اووٚن أمی شکأری یَمن زِ توٚہی مہٕ ہیٚو میأنس نیچوی سُنٛد کانٛہہ پرواے تِلکیازِ سُہ چھُ ٹھیک پأٹھی گرِ تہٕ سُہ اوس میأنی ہے وَننس پتھ جلدٕ ے واپس گرٕ آمت۔ بیٚیہِ ووٚننکھ زِ لڑکہٕ ماچھُ وُنہِ پوٚرٕ پأٹھی بالغ توٚے اوسَمس مےٚ ووٚنمت جلدٕ ے یِی زِ واپس گرٕ۔ توٚے پھِےٚ مےٚ وومید زِ ہرگاسانہِ ڈٔسی کانٛہہ غلطی آسہِ گمٕژتھ دِیو معأفی تہٕ توٚہی دِی تواجازت تہٕ بٔہ نمن پننی نوش پانسے ستی۔

باتہِ شکأری سپدی أمی ہنٛدِ اَمہِ وضاحتہٕ سٟتی پوٚرٕ مطمئن تہٕ موکلھ مہرنہٕ روخصت دِیُن۔ اَتہِ کینٛژھا کھبتھ دژاوشِکأری (مہراز سُنٛد مول) پننی نوش ستی ہتھ واپس پتَن گرٕ گن۔

تمی کر کوٚشش تہٕ روٗد اَمس پتہٕ پتھے پکان تکیا زِتس اوس خوف زِ ہرگاہ
پزی کنی راکھشنی اَس تہٕ یہ کھیٚنہِ مےٚ۔ تم اُسی اَڈہنا تھے کنی پکہٕ متی زِ یہ کورِہن تھج
ہش تہٕ بیٹھ اَکس بڑ تہٕ خوبصورت گُلہِ کس شُہلس اَکس ناگہ پوکھرِ نش۔
شکاری اَس یِیمہِ خیالہٕ پانس منز ہمت ہش اَنی ہُز زِمیوٚن نچو ماآسہِ ژکہِ خابس منز
کھوٚ ژمُت لہذا ابیوٚٹھ اَمس لرِ تہٕ تموکھبنہٕ چیز ومنز کینژھا کڈِتھ یُس اَمس کورِہندی
مالی اَمس ستی اوس دِژمُت دِژن اَمس کھبنہٕ خاطرِ۔

اَتتھ بیہتنا کران چھ یم کینژھا کھوان تہٕ تھکاتہِ کڈان تہٕ بیٚنہ پانہٕ واَنی کتھا
باتھاتہِ کران زِ اَتہِ سے اَندی اَندی کینہہ کاو تہٕ لوگُکھ کاوکاو کرُن۔ اکہِ لنجہ پیٹھ بیٚنس
تران تہٕ اکہِ کنہِ پیٹھ وٗتتھ بیٚنس پیٹھ بیہان لوگ یموٚ سخت شورتہٕ نظر اَسکھ ماز پھلین
پیٹھ یتھ زِ موقعہٕ تہٕ تھے ترٛاوہن جوٚنٹہٕ تہٕ نہَن یمن اتہِ تلتھ۔ یموٚ منزٕ اَکی یُس اکھ بُڈ
کاو اوس یوٚ ژھ خاص پاٗٹھی یمن ستی دوستی آیہ وو ہار کرُن۔ تمی دِژ کاوکاو کران کربکھ
''سہٕ کُس نفرا آسہِ یُس میوٚن بوزِتہٕ میوٚن وَنُن فکرِ تربس۔ یِیمہِ خوٗ بصورت گُلہِ کس
موٗلس تل چھُ اکھ بانہٕ لالو ستی بَرتھ تہٕ تتھ بانس تلہٕ کنہِ چھےٚ ساسن ہنزٕ ساس رینہ
یمہٕ یتھ گُلس ہوٚ کھراوان چھےٚ۔ ہاے آسہِ ناکانہہ تتھ نفرا یُس تتھ بانس کھٗنتھ نبر کڈِ
تہٕ یتھ گُلس تہِ بچاوِتہٕ اَسہِ تہٕ تکیا زِ اَسہِ چھُ اَمہِ کین لکن پیٹھ اول بنومُت تہٕ بیٚنہ بنہٕ
پانہٕ تہِ تتھ امیر بنہٕ سوٗ چتھ یاوٗ تتھ ہکو'' اَمہِ کورِ یوٗزی یم لفظتہٕ چھےٚ گرا اَسان تہٕ گرا
ودان۔

یہ دُوچھتھ کھوٗ ژ اَمی سُنٛد بہرِ پانہٕ وار یہ۔ تمی سوچ زِ اَمہِ اوٚس تہٕ ووٚد۔ تو

کنِ چھےٚ یہِ راکھشٕنۍ تہٕ چھےٚ مےٚ کھینچ تیأری کران۔ تھَر تھَرِ لد نِسٕوٕ پرٕ ژھُن أمِس ژٕ کیاہ
چھکھ ژٕ کہِ؟ ہرگاہ ژٕ راکھشٕنۍ چھکھ تیلہِ چھےٚ میوٚن درخاس زِ مےٚ ترٛاو تہٕ یلہٕ۔

یہِ کوٗر گیہ یمہٕ عجیب لفظ بوٗزِتھ واریہہ حاران تہٕ دِتنَس جواب "بہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ خراب یا خونخوار مزاجٕچ۔ ژےٚ کیاہ ووٗچھتھ مےٚ مژٕ یا بوٗزُتھ مےٚ متعلق زِ ژےٚ کوٚرتھ مےٚ یتھ ہیوٚ سوال؟"

تٔمۍ ووٚنُس "سو أڈ کھیٚمژٕ اِنسأنی لاش، کتھٕ کنِ وأژ راتھ صبحس دٔریاو بٔتھس پیٹھ۔ ژٕ کیا زِ أسکھ وٕنۍ آسان تہٕ تہٕ وَدان تہٕ ستہٕ اکی وِزِ۔"

تٔمہِ ووٚنُس "کیاہ! تیلہِ وَنہٕ یابہٕ؟ ژےٚ چھسیابہٕ پزٕ یمہٕ وِ وجہٕ، کنِ راکھشٕنۍ باسان؟ یوٚ ہے اوسا میأنِس خاوندس یعنے چأنِس نیچوِ سٕندِ اچانک پأٹھۍ ژلنٛک وجہ؟ اوے، کنِ اوسکھا ژٕ برابر یوت تانۍ مےٚ پتہٕ پتہٕ پکان؟ یہِ چھا بیقلی! اَتھ مژٕ کیاہ چھُ غلط! بوزأچ حقیقت۔ تٔمہِ رأژ ییلہِ چون نیچو میوٚن مالیٚن آو تہٕ اپأرۍ آے شال تہٕ لوگُکھ تیوٚت شور زِ أسۍ دوٚنوَے گٔے ہُشار۔ تٔمۍ کٔر تٔمہِ رأژ واریہہ زور زور تہٕ واریہس وقتس پانہٕ وأنۍ کتھٕ تہٕ اَتھ مژٕ چھنہٕ کانٛہہ تعجب زِ تٔمۍ أس تٔمہِ رأژ اکھ لاش دٔریاوس پٕروسان ووٚچھمژٕ تہٕ تمہِ أسۍ ونان زِ لاشہِ ہٕنٛز أکِس نٔرِ چھُ اکھ خوبصورت کرٛٹھہٕ کرأنِ کتھ۔ پہنٛز یہِ بوٗلی سمجتھ سوٚنچ مےٚ زِ یہٕ کرٛٹھہٕ تہٕ أنن یہِ لاش بٔتھس کُن تہٕ کرٕ یہِ کرٛٹھہٕ کرحاصل۔ ووٚچھ۔ بیکیاہ چھُ یہِ، تہٕ ہووُن یہِ پنہٕ نِس ہیٚنِہ باپس یہِ اوس أکِس موٚلرٕ دَجہٕ کھنجہٕ وٕلتھ۔ سو لاش ترٛأوٕ مےٚ أتی بٔتھس نِش۔ شاید ما آسن پتہٕ شال آمتۍ تہٕ تٔمۍ آسہِ سو کھیٚمژٕ۔ تہٕ چھنہٕ مےٚ مگر ژےٚ ما آسی خبر۔ یہِ ما آسہِ ہے أڈ کھینہٕ آمژٕ

لاش یوسہ شاید چانٛی نیٚچوِ صُبس صُبحٲے وُچھ۔ تِلکیا زِ تمی اُسس بٔہ سیٚو دِپاٛٹھۍ نصف
راٗژ کیٚتھ ڈٔری یاوس کُن گرٛشان وُچھم تۄے آسہِ تٔس باسیوٚمُت زِ بٔہ چھس راکھشن
تۄے تہِ چھن یہِ لاش کھیمہٕ۔ تۄے ژۄل تہ سُہ۔"

یہِ وٕنتھ ترٛووتمہِ اَسن کھنگالہٕ۔ تہٕ شکاٗرِس تہٕ پیو اَسن۔

اَمہِ پتہٕ ووٚن تمہِ بڈنٛتھ کُن "وُنی اوس ہُتھ گلی لٔنجہِ پیٹھ اکھ کاو، کاو کاو کرِتھ
بولان تہٕ ونان زِ یمہِ گُلہِ کِس موٗلس تَل چھُ اکھ بوٚڈ خزانہٕ ژۄرِ پاٛٹھۍ۔ اُمس
جاناوارس سُنز کتھ تہِ ترٛم فِکرِ تۄے آم اَسن تہٕ بییہِ دِژم یہِ سوٗچھتھ خوشی سٟتی کربکہٕ زِ مے
میلہِ بییہِ خزانہٕ تہٕ تتھہٕ کنی واتناوٕ بٔہ پننہٕ نس خانہٕ دارس تہٕ باقی عیالس سوکھ تہٕ آرام۔
یہِ چھنا سانٛلم عقلہِ ہنٛزٕ ے کتھ؟ مہربانٛی کرِتھ مہ سمجھوم راکھشن یا تتھے بییہِ کینٛہہ۔
بٔہ چھس یژھان چانٛس نیٚچوِ سنٛز اکھ رژ آشنٛہٕ نہٕ تہٕ سارِنے سٟتی رُت کرُن۔"

شِکاٗرِ گوو یہِ بوٗزتھ سیٹھاہ خوش۔ تِمس آیہِ پوٗرِ پاٛٹھۍ پننہٕ نوشہٕ ہنٛزٕ ن کتھن
پیٹھ پژھ۔ اَتھ سٟتی لوگ یمو دۄشوٕ یوگلہٕ کِس موٗلس اَندی اَندی کھنٛن تہٕ لوٚبکھ لتہٕ یہِ
خزانہٕ۔ کینٛہہ سیٹھا موٗلی لال تہٕ دولت۔ اَمہِ ساعتہٕ چھِ خوشی منٛزٕ ٹ شِکاٗرِ یہِ کوٗر
نالہٕ مَتہٕ تہٕ کوٚرنس استدعا زِ مے تہٕ میانٛس نیٚچوِس دِ معافی زِ اَسہِ اوس چون غلط شک۔

سیٹھا خوشی سان دراے تم بڈنٛہہ کُن سفرس پیٹھ۔ یہِ اُس سیٹھے
خوبصورت سرٛک۔ گُلو اُس اَکھ زٔنتھ ڈیڈی ہش بناونہٕ یمہِ کہِ شہلی شہلی یم سرٛکہ
ہنٛدِس بڈس چھس یکی۔ پرٛبتھ قسمچہ خوبصورتی تہٕ ہیرٕ ہندی پوش اُسی زمینس پیٹھ تہٕ
کولہٕ آسہٕ پرٛبتھ طرفہٕ یانس سٟتی زندگی، طاقت تہٕ خوشی ہتھ یکان۔

شُکاًرِس لٔج ترٛ لیش تہٕ وۄٹُن پننہِ نوشہِ زِ یمو منٛز اَن گُنہِ اکہِ کولہِ پیٹھہٕ مےٚ
ترٛلیش۔ سو درٛ ایہِ فورَن تہٕ یانٛ سوترٛ لیش رَٹنہٕ خاطرٕ رُکییہِ تہٕ نمییہ اکہِ مِنہٕ کوٚرُس ٹرٛ
تہٕ وۄنُنس گرٛ ھہِ نا کاٗنہہ مہربان ہُتھ بوٗ زِتھ۔ یَتھ کولہِ منٛز چھُ اَکھ ژھیپتھ خزانہٕ توٚ کنٛ
چھےٚ یہِ کول کیٚموٗ ستیٚ بٔرِتھ۔ میٚون ہے کاٗنہہ بوزِ ہے تہٕ یہِ خزانہٕ کڈِ ہے۔ اَمہِ پتہٕ گرٛ ھہِ
ہے یہِ آب صاف تہٕ یم وَتہٕ گژھ یہِ ترٛ لیش چھن تمن واتہِ ہے فأید۔ مِنہٕ تہٕ گرہن
میاٗ دِس تکلیف دِیُنہٕ دَگہِ نشہِ یوسہٕ یمَن یمو کیٚموٗ کنٛ کران چھےٚ آزاد گرٛ ھتھ عاٗش یَیلہِ
زن یہِ خزانہٕ لَبن وول تمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ پرٛاوِ یہِ تَس یٚیرٛھ آسہِ۔

یہِ بوٗ زِتھ گیہِ فورَن یہِ کوٗرتہٕ وۄٹُن پننہِ نَس ہیٚہہِ باَبَس یُس ؤلی ؤلی کولہِ
پیٹھ آوتہٕ لوٚبُن یہِ خزانہٕ۔ یہِ ٹھیک پاٗٹھی پننہٕ نبن ہلہِ گنڈٕ نبن گنڈتھ درٛ اے تم برۄنٛہہ
کُن سَفرس۔ یَیلہِ تم گرٕ نزدیک واٗتی شکاٗری وۄن نوشہِ نیرٕ ژٕ برٛ ونٛہہ۔ تمہِ کوٚرتی تہٕ
تِتھےٚ سو گرِ کس درازس پیٹھ واٗ ژتہٕ سوٗ وُچھ پننیٚ خانہٕ دارَن تہٕ اُمس کُنی ژٕنیٚ وُچھتھ آد
اُمس جلدی خیال زِ اَمہِ چھُ میٚون مول مورمُت تہٕ وۄنیٚ چھےٚ یہِ مےٚ مارنہٕ تہٕ کھینہٕ
آمٕژ۔ لہٰذا اَتھ تمیٚ اَکھ شمشیر تہٕ تِتھےٚ سو برٛ ونٛہہ کُن واٗ ژس تہٕ راے اُسس مےٚ کرِ
خاوندا استقبال تہٕ سوچان اُس زِ یہٕ ہاوس بوٚ ڈبارٕ خزانہٕ تمیٚ نِیہِ اُمس کلہِ ہرٕ تلِتھ اکہِ گاٹہٕ
پتہٕ ہیوٗ ووت اُمیٚ سُند مول گرِ۔ نیٚچوی وۄنُس" ببا۔ شُکر چھُ خدایَس کُن زِ ژٕ چھکھ
تیٚمس خونخوار زنانہِ نشہِ بچومُت۔ روز وۄنیٚ خوش۔ یٚیمہٕ یپور روز ووۄنیٚ اُسیٚ محفوٗظ تہٕ
امنس منٛز۔ مےٚ ژٕ ہنیٚ یہِ ماٗرِتھ۔ وُچھ درواز کنٛ چھی اُمیٚ سُند خوٗن۔"
یَیلہِ شکاٗری اَتہٕ اُندی پکی خوٗنہٕ داغ وُچھ تَس گو وغش تہٕ پیو پتھر۔ اَمہِ پتہٕ آد

تَس وارِیَہہ کاڑی حبس۔ تِمَس کوتاہ دوکھ سپُد مگر تمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ دوکھ سپُد اُمِس زنانہِ ہِنٛدِس جلد بازخانہٕ دارِس ییٚلہِ تَس اَمہِ ماچ حقیقت ننیہِ۔"

یہِ کہانی ییتِس کالَس وَننہٕ آیہِ تیتِس کالس اُس اَتہٕ مکمل ژھوپہ۔ بادشاہَس اوس اَمہِ کہانی ہُنٛد نتیجہٕ پوٗرٕ پأٹھی سمجھ یتھ دِلَس منٛز جاے گُرِتھ گومُت۔ چھیکرس دوٗنس شہزادَن "اے بادشاہ۔ سانہِ بابا۔ اَسی چھی ژٕ درخاس کران۔ ژٕ مہ کرأسہِ قتل کرنہٕ کِس معاملس منٛز جلدبأزی۔ نتہٕ گژھی ژےٚ تہٕ پتہٕ تتھے ہیوٗ دوکھ۔"

تہٕ گرِتھ تہٕ کوٚر بادشاہَن دِل دوٗر تہٕ مٕ[illegible]انہٕ اُکی سُنٛد۔

اَمہِ پتہٕ ترٛ وو بے اُکی شہزادَن تختس بڑوٗنہہ کِنہِ پان تہٕ موٗنگن کینٛہہ وننک اجازت۔ تِمو وُوٗن:

وارِیَہہ وٕری برٛوٗنہہ اوس اَکھ بادشاہ۔ تیٚمِس پأز رٕچھنک شوق اوس۔ اکہِ دوہہٕ گو یہِ بادشاہ جنگل شکار کرنہِ تہٕ ووت اَکِس تژھہِ جایہ یوٚت نہٕ یہِ اَمہِ برٛوٗنہہ زانہہ آمُت اوس۔ تِمَس گیہِ یہِ جاے تیٚژ خوش زِ اَمی دِیُت حکم زِ یتھی جایہ لاگو خمہٕ۔ تیٚمہِ ساعتہٕ یہِ سپدان اوس تہٕ بادشاہَس لٔج سخت ترٛیش تہٕ ژھأنڈن ترٛیش۔ رسمہٕ کِنٛز اُس اُمِس دٕچھنِس اَتھس منٛز شمشیر تہٕ کھوورِس اَتھس پیٹھ اوسُس اَکھ پأز بہتھ تہٕ بُتھِ اوسُس جنٛڈٕ۔ بادشاہَن ہیٚژٕ ترٛیش چینٛنٕ زِ پأزن وہراوِ پکھہٕ تہٕ پھرُن پیالے دُبہٕ۔ نوکر گو تہٕ اوٗنُن نیہِ آب مگر اَمہِ پھرِ تہٕ دیُت پأزن آب داٗرِتھ اَمہِ وِزِ کھوٚت بادشاہَس شرارت تہٕ کوٚرن پأزَس گرٛزن۔ ییٚمہِ گو نوکر تہٕ اَنِن ترٛیش مگر ترٛیٚمہِ پھرِ ییٚلہِ بادشاہَن پیالَس تھِھ گُرتہٕ واتنوٗن اَسَس نِشہِ۔ پأزن لاج تتھہٕ

پأٹھی ژھرٕ ژھرٕ ٹھ زِ بادشاہَس پیو پیالَے وٕسی تہٕ ڈٕلِس انٛد ہیٚتھی جبس۔ تِمس کھوٚت زبردست شرارت تہٕ تلوار تُلِتھ ژھٔنُن یہِ پأنٛزٕ بے مأرِتھ۔ اَتھ پتہٕ آوا کھوزیر بڑ وٕنِہ کُن تہٕ ووٚنُن بنان چھُ پأنٛ زٕہِنٛدِس اَتھ پھری پھری تہٕ بظأہر گُستأخی ما آسہِ ہے کانٛہہ خاص وجہ۔ خبر اَتھ پیالس منٛز ما آسہِ ہے کانٛہہ خراب چیز۔

پتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ یٚیمہِ کولہِ منٛز نوکرَن تریش اَنٛی تتھ دِیُو وارِ پأٹھی نظر۔ کینٛہہ دوٗرِتأنی گژھتھ اوسنہٕ کینٛہہ نوٗن یوٚت تأنی یم بیٚیس ترٛتھ کولہِ نِش وأتی یوسہٕ اَتھ کولہِ ستی رلان اُس۔ أمیک آب اوس سبزارسان۔ اَتھ رلہِ وِنہٕ کولہِ تہٕ کھٕتی یم ہیوٚرکُن تہٕ کِہے دوٗرو چھکھ اَتھ پیٹھ سبٹھا بوٚڈ اَجدر یٚیمہِ ہِنٛدِ اُسہٕ منٛز سبز لال اُس وسان۔ یہِ اُس زہرِ قأتِل۔ أمِس بلایہِ وُچھِتھ کھوٚژی یم تہٕ یوٚت تیز ممکن سپدُ کھتیوٚت آے دوان تہٕ دوران واپس ٹھکانس پیٹھ۔

یٚیلہِ بادشاہَن یہِ سأرُے بوٗزِتمی ژیوٚٹ وَچھ تہٕ ریش کوٚڈُن مُلہٕ تہٕ ونان روٗد۔ ”ہاے۔ مےٚ کوسہٕ باثبر اُس؟ مےٚ مور پننٕے بچاوَن وول۔ میوٗن مأرِ موٚند تہٕ وفادار پأنٛ زموٗد۔ ہاے یٕہ کیاز زِ پزاریوٗس تہٕ أمِس جانور ہِنٛدِ اَمہِ وٕطیرکہِ وجہک پے کڈٕنس۔“

کینٛژن لمحن ٹھٔہر اوکرنہٕ پتہٕ ووٚن شہزادن بیٚیہ ”اے بادشاہ۔ سانہِ بَبہ۔ اُسی چھی ژٕے التجا کران زِ اَسہِ قتل کرنہٕ بڑ وٕنِہ گرژٕ اَتھ وارِ پڑ ژھہٕ گأر۔“

پتہٕ ہیوٚتُن بادشاہ کُملن ہیوٚ۔ تِمس ہیوٚتُن ملکہٕ ہِنٛدِس وٕنس پیٹھ شک ہیوٚ گژھُن حالانکہ تَس اوسنہٕ یہِ ذٕہنس منٛز یوان زِ ملکہ ہِنٛد بن کھورٹینڈ بن رٕتھہٕ پأٹھی

لۄگ خۄن تہٕ تمی ساعتہٕ کتھہٕ کنٕ اوس اُمی سُند زِیٹھ ہیوٚ نیچو اُمی سٕنٛدِس ذاتی کمرس منٛز۔

پَنہٕ نِس زِٹھس نیٚچوِس تہٕ وأرِث یُس اوٗت تانی لنٛد ہتھ ژھوپہٕ کٔرِتھ اوس تَس کُن پھیر تھ وۄن بادشاہَن "مے وَن تہِ سأئِلم یہِ راتھ واقعہٕ سپُد تہٕ ہرگا چانہٕ جوابہٕ ستۍ بہٕ مطمئن گوس تیٚلہِ یکھ ژٕ تہٕ چأنی بأے ییٚلہِ ترٛ اوٗنہٕ۔ زِٹھی ہوی شہزادن ترٛ وو تختس برٛ وۄنہہ کنہِ پان پَتھر تہٕ دِتُن جواب۔

"اے بادشاہ، اے سانہِ ببہٕ، چأنی رٕژر تہٕ چون رَحم چھُ پرٛ بتھ کأنسہِ فرد بشرس پتاہ۔ اُسی کرونہٕ اَتھ معاملس منٛز توہہِ جواب دِنَس منٛز کانٛہہ تہٕ سرازپری۔ تِکیاز سأنی نیت چھےٚ صاف تہٕ اَسہِ چھےٚ پۄٚر پڑھ زِ توٚہی کٔرِوأسہِ پیٚٹھ بیٚیہٕ تِتھےٚ بھروسہٕ ییٚلہِ توٚہی سون عرض بوٗ زِو۔

"راتس روندس پیٹھ گٔرہتھ ووٗتس بہٕ اَکِس پہرِ نِش یتہٕ منٛز اَکھ برہمن تہٕ تسنٛز آشنی اُس روزان۔ اُمِس برہمن سُند عجیب طریقہٕ وُچھتھ گووے تَس کُن توجہ تِکیازِ سُہ دراو پہرِ نبر، تہٕ لوٗگن آسمانس کُن وُچھن تہٕ پتہٕ ژاوترٛ اہہ ترٛاہہ کران واپس لنٛدر۔ بہٕ گوس اَتھ جایہِ نکھہٕ یہن تہٕ بوٗزم زِ تِہنٛد ستارٕ اوس بے ستارَن تباہ کوٚرمت تہٕ اِمیٚک مطلب اوس زِ توہہِ اوس اَکِس خاص راژ اندر مَرُن۔ برہمن تہٕ تسنٛزِ زنانہِ درمیان سپد یمہٕ کتھ باتھ منٛز ننیاوے یتہٕ زِ اَکھ سَرٛپھ وَسہِ اَسمانہٕ توہہِ مارنہٕ خأطرٕ سُہ اَژِتھ تمہِ درواز کنٕ یُس محل خانہٕ کہِ صحنہٕ کہِ پۄٚرۍ کنٕ چھُ۔ برہمنَن وۄن زِ اُمہِ نشہِ چھنہٕ بچنچ بیٚیہٕ کانٛہہ سبیل یوٗت تانی تِہنٛد کانٛہہ اُشناو محل خانہٕ کِس صحنس منٛز تپأرکۍ دوب

کھَنہٕ یِیأرِ سَر پھاٹِ۔ یِمَن دوٚین گرٕ ھسہ آبہٕ تہٕ دودٕ ستی برُن تہٕ پتہٕ گوٚھکھ پٔتھ
پوٗش ترٛاوُن۔ یِتھ زَن سَرُ پھہ یموکِنی ہٕرتھ پٔنُن زہر ہارِ۔ تہٕ یُس شخص یہ گرِ سہ گرٕھہٕ
بینیہ پتہٕ گرُن زِسہ گرٕھِ سرپھس محل خانس منٛز اَژنہٕ بروٚنہہ مأرِتھ ژھنُن تہٕ اُمی سُند
کینٛہہ گرم خوٗن تٕہنٛد بَن کھور ٹینٛڈ بَن متھُن۔

لہٰذا اے بادشاہ اے بَبہٕ۔ مےٚ ہیٚژ یہ کاٗم پانہٕ مَنٛزِ ئہ اوسُس مُقرر وقتس
پیٹھ محل خانہٕ کِس مشرق اند کِس دورازس پیٹھ۔ دوب اُسی کھنہٕ آمتی تہٕ سأرلم تِتھے
ئِکنی کرنہٕ آمٕت یہ زَن برہمَنَن وۆنمُت اوس۔ سَرُ پھاو تہٕ مےٚ ژُھن سہ مأرِتھ تہٕ پتہٕ
تِہٕنٛدِس ذأتی کمرس منٛز اُچھ یِلہٕ تھأوِتھ اَژنس کھوٚژتھ گنٛڈِم اُچھن پٹ۔ تو ے تہٕ گیہ
مےٚ یہ رَژھ غلطی زِ تِہٕنٛد بوٗٹینٛڈ بدلہٕ موٚتھُم ملکہٕ ہٕنٛد بَن کھور ٹینٛڈ بَن خون۔ تِہٕنٛدِس
کمرس منٛز ژاونہٕ کانٛہہ تہٕ راکھشس

''اے بادشاہ۔ اے بَبہٕ۔ ژٕ کیازِ چھُکھ اَسہِ پیٹھ شک کران؟ اُسی چھِ چاٗنی
پٔزی یأرِ شُری۔ ژےٚ بوٗزتھ ملکہ ہٕنٛز کتھ یوسہ پَنہٕ نین شُربن تختس تہٕ بڈبن عہدن
پیٹھ چھےٚ بیہناوُن یژھان تہٕ تو ے کٔرن سأنی واگوٗلی۔ اَسہِ دِیُت نہٕ توہہِ زانٛہہ دھوکہٕ
نہٕ یُو ژھ توہہِ گوٚ ژھ کانٛہہ ضرر واتُن۔

بادشاہَن ترٛووُ شرمہِ تہٕ افسوس کِنی کلہٕ بۄن کُن۔ کینٛہہ منٛزِ پتہٕ ووٚتھ تھوٚد
تہٕ یہ وَنِتھ کوٚرُن اجلاس برخاست ''توہہِ بوٗزو۔ ئہ گوٚھہِ پانے تہٕ ئنی راو پٔزر کیاہ
چھُ۔''

پٔنٛژ ژور نیچوی ستی ہیتھ دژاو بادشاہ تہٕ وُچھن کھنہٕ آمتی دوب۔ پتھرِس پیٹھ

ژُونہٕ داغ ییٚتتھ موٗمُت سَر پھ چھکنہٕ اوس آمُت۔ پَتہٕ گووُسہ برہمن ہیٚژِ پہرِ منٛز تہٕ پوٚر
پاٹھی پرٛژھُن تمِس اَمہِ راۓ ژہنٛد بن واقہن متعلق۔ سأرُی وچھِن پنٛزُے نیران۔

تَمہِ راۓ ژسَپُد شہرس منٛز زبرست شادیانہٕ ییٚلہِ یہِ خبر شہر دزٕلیہِ زِ شہزادٕ کوٗتاہ
نکھہٕ اُسی موتس تہٕ تَمہِ رٕتھہٕ کنٛز بچے۔ اَمہِ پَتہٕ سپُد جلدٕے یہِ فأصلہٕ زِ شہزادٕ کرن مُلکس
حکوٗمت زِ یُتھ ہیوٗ نیچو بنیاو بادشاہ تہٕ باقےٚ نیٚچوٕ آے وزیر مُقرر کرنہٕ۔ تم روٗدی سیٚٹھا
صلاح سان تہٕ گرٕکھ سیٚٹھا ترقی۔ غریب برہمن تہٕ تٔمی ہیٚژِ آشنہٕ آوٕ تہنٛزِ باقےٚ زندگیہِ
خأطرٕ سیٚٹھا کینٛہہ دِنہٕ۔ چالباز تہٕ مکار ملکہ آیہِ موکلاونہٕ تہٕ شہرٕ منٛز کڈٕتھ ژھننہٕ۔ بڈٕ
بادشاہ گوو جنگلس کُن یُتھ زَن سُہ پوٚر پاٹھی عبادت تہٕ یادِ خدا کرِتھ ہیکہِ ہے۔ اَتھ
جنگلس منٛز کٔر تٔمی پاکبأزی ہنٛز شہرت حأصل تہٕ اُخرس موٗد سیٚٹھا زیٚٹھ وأنس کڈِتھ۔

(راوی: مکند بایو۔ سوٚتھ سرینگر۔ تیٚمی یہِ دٕلیل حبہ کدل
سرینگرٕکس پنڈت مہتاب جُوس نِشہِ اُس بوٗزمٕژ)



# جوٗگی سٕنز کوٗر

یہِ اوس اَکھ وقتاعام مُصیبتُک ۔ باقین سٕتی سٕتی اوس اَکھ برہمناتہِ اَتھ منز ہینہٕ آمُت ۔ تٔمۍ اوسنہٕ کانٛہہ کأما کاراتہِ ہیوٚچھمُت لہذا اوسنہٕ یہِ غریب برہمن زِنٛدٕ روزنہٕ خأطرٕ کھٕنۍ تہِ ہبکان کٔرتھ تہٕ کانٛہہ نفرا اوٗسُس نہٕ دِوان تہِ کینٛہہ ۔ سُہ اوس سبٕٹھا مُشکلس منز ہینہٕ آمُت ۔ ہرگانہٕ تٔمۍ سٕنز آشنۍ تھٔکِتھ لوٚ سٕتھ کینٛہہ بٔتہٕ پھٔلی معاوضہٕ رٔنگی انان آسہِ ہے یِم سوٗ تہٕنزٕ ہمسایہ گی منز اَکس امیر گرٕس دانہِ مُنٛنس منز پکزنہٕ خأطرٕ زینان اَس تیٚلہِ آسہِ ہے سُہ تہٕ تٔمۍ سُنٛد عیال بوٚچھہِ بوٚچھہِ کران موٗ دمُت ۔

اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ یہِ برہمن دوہدٕچ پوٗزا کرنہٕ خأطرٕ دژاوتہٕ اَمِس وٕنٛن زنانہِ ’’ ہے ژٕ کرتہٕ کینٛہہ پرٛارتھنا، کینٛہہ ہُم ہناۓتھ زِ دیوتا آسہِ پیٛٹھ اُنٛگریہہ کرٕہن تہٕ آسہِ ژٕٹ میٛٹ سوزہٕن ۔

برہمٕنن وٕنُس ’’ یہٕ گرٕ ۔ بناوٕژ کینٛہہ یاجہِ ۔‘‘

یاجہِ سپٕز تیار ۔ برہمٕنن تُجہٕ یِمہٕ تہٕ دژاو ۔ تٔمۍ تلی ہٕنۍ پوٚ ہٕ تلی تہٕ ۔‘‘

یہِ اوس سوٗنتھ کال ۔ پٕزبتھ اَنٛدٕ اَس پھٔلے ۔ برہمن گوٚ وتیزتہٕ دوٗر ریکان یوٚت تانۍ سُہ اَخرس تھوٚک تہٕ بیوٚٹھ تھکھ دِنہٕ خأطرٕ اَکس ژوٗنٛٹھی کُجہِ تل یوسہٕ اَکس شورشور

گرِ ونہِ خوبصورت کولہِ ہنٛدِس ماوٕلِس پیٹھ اُس۔ تٔمۍ سوٗنچ دیتی۔ اَمیٚتی گرٕبہٕ پٔزلتہٕ پرٛارتھنا" وارِیہن گاٮ۪ٹن روٗدسہ اُتی پٔزایہِ منٛزِلین۔ پَتہٕ دوٗتھ تہٕ ہٮ۪نٛز پوٚتلی برِن جولنس تہٕ دڑاو گرٕکن واپس۔ وَتہِ وُچھ اُمۍ اَکھ دٔہی رینگ رَسہٕ رَسہٕ ہَوہَس منٛز ہیوٚر رُکن کھسان۔ سُہ گوٗ ونکھہٕ پہن تہٕ وُچھن زِیہِ اُس اَکِس جوٗگی ہِندِ اَگنہٕ کونٛڈٕ پیٹھہٕ ووتھان تہٕ یہِ جوٗگی اوس اَتھ نشہِ کوٗھین پیٹھ بہتھ۔ احترامہٕ سان نمن گرِتھ بیوٗٹھ یتہٕ اُمس لَرِ۔ جوٗگی مُڑ رااُچھ تہٕ پرٛژھنس ژے کیاہ چھی وَنُن۔ برٛہمن دوٗننس پنٛن سورُے مصیبت تہٕ سُہ رَکتھہٕ پاٹُھی اوس اَمہِ دوہہٕ خاص پرٛارتھنا کرنہٕ خاطرٕ یہِ وومید ہیتھ پھیوٗ رمُت زِ دیوتاہَن یہِ تَس پیٹھ دَیاہٕ کرنس اَتھ روٗٹ۔

یہِ دوٗکھہٕ ہرٛ دٔلیل بوٗزِتھ ووٗنس جوٗگی "نیرگژھ میانہِ کورِنش سوچھے ہوٚ کیاہ ہُتتھ بہتھ۔ سو ما کری ژے مدد۔"

برٛہمنس باسیاو یہِ عجیب ہیوٗ تہٕ گرِتھ تہٕ گوٗ وسہ اُمس کورِنش تہٕ ووٗننس تی یہِ اُمۍ اُمۍ ہِندِس ماٮ۪لِس ووٗنمت اوس۔ کورِ گوو اُمۍ ہِندی یِم حالات بوٗزِتھ سخت اَثر تہٕ ہیوٚتُن سخت وَدُن۔ تِمس ووٗتھ روخساروٕ کٕنز ددرلیہِ اوٗش تہٕ وُچھو۔ یُسے اوٗش پھیوٗر پٔتھرِس پیٹھ پیوٚ تِتھ بنیاو پرٛزلوٗن مولُل لال۔ تمہِ ووٗنس "نیرنہٕ یِم۔ یِم چھِ چانٛی۔" اَمہِ پتہٕ ترٛ ووتمہِ اَسُن۔ تہٕ وُچھو۔ تٔمۍ ہِندِ اَسہٕ منٛز ہرے سونہٕ ہِندی عالی شان پوٗش۔ "نہٕ یِم" تمہِ ووٗنس دُبارٕ "یِم چھِ چانٛی" پَتہٕ وُڑھ سو تھوٗ دتہٕ وارٕ وارٕ پٮ۪چ کیٚنژھہٕ قدم تہٕ وُچھو یٮ۪تی تٔمۍ ہِندِ کھوٗرک نشانہٕ پیوٚ تیٚتھ بنیاو تتھ سون۔ تمہِ ووٗنس "سوٗمبریہٕ سون۔ یہِ چھُ چونُے۔ ووٗنی چھی ژے یہِ وارِیہن دوہن ہِندِ خاطرٕ پانس تہٕ پننہٕ نِس عیالس

کھیاونہٕ چاونہٕ خاطرٕ سبٹھا۔ نیر گژھ وۆنی " برہمن گوو خوش تہٕ خوشحال پأٹھۍ گرٕ۔ دیوتا ہوأ س تَس مہربأنی کٔرمٕژ۔ أخرٕ تہٕ أس تٔمۍ سِنز پرٛارتھنا قبوٗل سپزٕ مٕژ۔ تٔمۍ وۆن پننہٕ آشنہٕ۔ "وُچھ۔ دیوتاہن آوا سہٕ پیٹھ عار۔ مےٚ گرواریہَن گأٹن پۆزاتہٕ پرٛارتھنا تہٕ پتہٕ اوسُس گرٕ گن پکان تہٕ اَتہٕ وُچھم اَکھ جۆگی پننہٕ نس أگنہٕ کونڈس بزٕ وٕنہہ گنہٕ ہتھ۔ مےٚ مہٕ وَن اَمہٕ اپور کہنیٚ" تٔمہٕ ژٕ ٹس گتھ" ژٕ چھکھ نہٕ یہٕ پۆز زونان۔ ژٕ ےچھے یہٕ دولت، ژۆ رٕ اأی مٕژ۔ مےٚ یہٕہ نہٕ توٚت تانی چون کہنی یوٚت تانی نہٕ ژٕ بادشاہس نشہٕ گژھکھ تہٕ تٔمس ژٕ سوٗرے وَنکھ۔ ہرگا بادشاہ چانہٕ کتھو ستی مطمئن سپد تیٚلہٕ مانےٚ یہٕ تہٕ۔"

یٚیلہٕ برہمنن یہٕ زون زِ یہٕ چھےٚ پننہٕ گتھہٕ پیٹھ اکرٛا، گتھ تٔمۍ تٔلۍ یم لال تہٕ سون تہٕ گوو بادشاہس نِش تہٕ وۆنُن تَس زِ مےٚ کتھہٕ کنۍ گرۍ یم حأصل۔ بادشاہ سپد یہٕ بۆزِتھ حأران۔ تہٕ گرِتھ تہٕ گرأمۍ برہمنس پرٛژھ تہٕ دِژن أمس کینہہ روپیہ ٹھیلہٕ بخشأیش۔

یٚیلہٕ برہمن سِنز زنانہٕ بادشاہ سِنز یہٕ بخشأیش تہٕ وُچھ تٔمہٕ تہٕ مون تہٕ اَمہٕ پتہٕ کوٚرُن نہٕ سو دولت ورتاوس منزٕ انس ہراسہٕ یوسہٕ أمۍ سِندی خانہٕ دارن تہتھہٕ کنۍ عجیب پأٹھۍ تہٕ وقتس پیٹھ حأصل أس کرٕمٕژ۔

اَمہٕ مُلاقاتہٕ پتہٕ کیٚہ کالۍ سۆزٕ بادشاہن برہمنس نادتہٕ پرٛژھنس بیٚیہ ہنا جۆگ سِنزِ کورِ متعلق تہٕ برہمن سِنزِ زیٚو تٔمس متعلق بۆزِتھ سپد سہٕ سبٹھا مُتأثر تہٕ وۆنُن أمس زِ ژٕ گژھ أمس کورِ ہندس مألس نِش تہٕ منگس میانہٕ خأطرٕ أمس کورِ ہُند رِشتہٕ۔ تٔمۍ سۆنچ

"یِتھ زنانہٕ آسنہٕ کِنۍ کوتاہ فائدِ ولتہٕ مےٚ تہٕ میانہٕ سلطنتُک تتھ ہکو نہٕ اندازٕ کٔرتھ۔"

برہمنن دِتُس جواب "بادشاہ صاب۔ یِنہٕ ناراض گوٚژھیوم ئہٕ وَنہٕ ہا گتھ۔ وۄنۍ زَن سپُد جوٚگی مےٚ ناراض تہٕ مےٚ ناسہٕ تژ اسہٕ وۄنُن؟"

بادشاہن وۄنُس "تہٕ چھُنہٕ مےٚ پتاہ۔ ژےٚ چھی کانٛہہ تیٚتھ تدبیر کرُن زِ یہٕ کوٗر گژھہٕ مےٚ آشنۍ بَنِنۍ۔" اَتہٕ سپُز بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ کتھ باتھ تہٕ پتہٕ دژ اوبر ہمن۔

سُہ اوس بڈ پریشان۔ یوسہٕ دولت اَمس کھوتانۍ اَتھس منٛز آییہٕ سوٕ اَس اَمۍ ہِنٛد بو اَتھو منٛز تیٚتھےٚ کِنۍ ڈلی ڈلی واپس نیرنۍ ہوان۔ یتھہٕ کنۍ یہٕ آمژ اُس۔ سُہ کیاہ کرِ ہے وۄنۍ؟ گژھن تہٕ اوسُس مگر سُہ کتھہٕ کنۍ کرِ ہے یہٕ کتھ تَس اوسنہٕ فکری تران۔

دۄیمہِ دوہہ صُبحس دژ اوسُہ تہٕ تھَر تھَرِ لدووت جوٚگِس نشہِ یُس وُنہٕ تہٕ تھکِ جایہِ بیٚتھ اوس بیٚیتھ سُہ اَمۍ گوڈٕ تہٕ وُچھمُت اوس۔

"مےٚ پیٚٹھ کٔرِو دَیا" اَمۍ دِژ کربکھ "تہٕ میأنۍ کتھ بوٗزتو۔" بادشاہ چھُ تٔہنٛزِ کورِ ہُنٛد رشتہٕ منگان تہٕ توٚت تانۍ روزِ سُہ بےقرار یوٚت تانۍ نہٕ سُہ اَتھ رشتس متعلق چون اقرار بوزِ۔"

جوٚگی وۄنُس "نہٕ گژھ پریشان۔ نیر تہٕ گژھ وَن بادشاہس زِ چون درخاس چھُ اَسہِ قبوٗل تہٕ وَنُس فلأنۍ تأرٕخس پیٚٹھ وأتی زِ ساٗلری ہیتھ کھاندرِ خأطرٕ تہٕ یم لوٗکھ تَس سٟتۍ آسَن تِم گژھَن سأری سٟتہٕ وَہرِ ہیوٗر آسنۍ۔ نیر گژھ۔ مہ کھوٗش۔ مےٚ دِژے ژےٚ زبو۔"

سبتھاہ خوش گٔژھتھ گوو برہمن وُژھہِ وُژھے بادشاہس نش تہٕ وۄنُن تمس

پَٹنہٕ اور گرٕ ھتھ کامیٲبیہٕ ہُنٛد۔ مُقرر کرنہٕ آمٕت تأریخ ووت۔ بادشاہ آو پٔنٛنی نوکر چاکر ہیتھ جۄگی سُنٛد تہٕ اُمس آو دُمہٕ دامہٕ سان استقبال کرنہٕ۔ کینٛہہ کالی آو وقس پیٹھ رسم پالنہٕ۔ پرٕ ہتھ کانٛہہ چیز سپُد رٕتی پأٹھی تہٕ پرٕ ہتھ کانٛہہ گوو سبٹھا خوش تہٕ پتہٕ دراو اَتہٕ بادشاہ۔

واپس یِوان لٔج مہرنہٕ سخت ترٛیش تہٕ تمہٕ منٛج ترٛیش مگر یوسہٕ زنانہٕ اُمس ستیٖ اُس تمہٕ کوٚرگشر ے۔

مہرنہٕ ووٚنُس "ژٕ کیازِ چھکھ گنہٕ ڈول دِوان؟"

زنانہٕ ووٚنُس درجواب "بٔہ ہیکہٕ نہٕ چون یہ حُکم ماٗنِتھ تِکیازِ اَتھ دٔریاوس منٛز چھُ اکھ سَرُ پھروزان یُس نہٕ کانٛسہٕ اَکِس توٚت تانی ترٛیش چٔنِس اجازت چھُ دِوان یوٚت تانی نہٕ سُہ اُمس ترٛیشہٕ گِلس بدلہٕ آدمی اَچھ جۄرکی دِیہ۔"

مہرنہٕ ووٚنُس "اِدی اُسی تَن۔ توتہٕ کیاہ گوو۔ گرٕ ھان شرٛ اکہٕ پنٛچ تہٕ نہٕ میانہٕ اَچھ کوٚرِتھ تہٕ اَن مے ترٛیش۔" یہ ظالمانہٕ کام سپٕز تہٕ ترٛیش آیہ اَننہٕ۔ کورِ چیٚیہ یہ ترٛیش ہِن تہٕ ژٕ جس ژٕ ڈ۔"

ووٚنی یوسہٕ یہ زنانہٕ اُس یِمَن کام مہرنہٕ وٕچھن واشُن اوس سو اُس بڑ کمینہٕ خصلژ ہنٛز۔ تمہٕ تُل اَمہٕ وَقتہٕ اَنہٕ گنٛٹیک فائِد۔ تکیازِ یِمہٕ ساعتہٕ یہ جماعت نصفس پیٹھ ہیوٚ اُس وأژمژ تمہٕ ساعتہٕ اُس راتھ۔ اَمہٕ بدأ وِی پٹنہٕ مالکنہٕ ہنٛدی پلو پٹنہٕ کورِ ہنٛد بن پلون ستیٖ۔ یِمہٕ دوشوٚے کورِ آسہٕ اکہٕ پلہٕ اکے وأنٛسہٕ ہنٛز۔ اَمہٕ پتہٕ بُر اَمہٕ جۄگی سنٛز کوٚر اَکِس صندوقس تہٕ ترٛوون سُہ دٔریاوَس تہٕ اَمہٕ پتہٕ تھاوٕن پٔنٛنی کوٚر ڈولہٕ منٛز۔

أمِس کمینہِ ہنز کۄر واُژ محل خانس منز تہٕ ژھمس بأ گی ییلہِ گاش آو تہٕ بے تاب بادشاہ آو اُمِس نِشہِ تہٕ وۄننس "وَد، اَس تہٕ پَکھ" یُتھ زَن اُمِس کینِہہ لال تہٕ سۄن میلہِ ہے۔ مگر کۄر گیہِ صرف ہیُولا تہٕ وۄننس نہٕ کہنی۔ ییلہِ بادشاہن یہِ وُچھ تہٕ اُمی بُلاونوو برہمن تہٕ کھوُلن تَس اَپُز وننگ تہٕ دھوکہِ دِنگ راہ۔ براہمنن بأو پننہٕ معصومیت تہٕ بادشاہَس کۄرن درخاس زِ ژٕ پزار۔ اُمی وۄن بادشاہَس "بنان چھُ یہِ کۄر ما آسہِ اچانک ماحول بدلنہٕ کنہٕ اۄرکہ نہٕ یۄرکہ دُنہِ۔"

جۄگی ہنز کۄر رۄز دٔریاوَس منز صندوقس منز پران تہٕ دۄیمِہ دوہہٕ لُب سۄ اُکہ دۄبی تمی ییلہِ وُچھ زِ یہِ چھےٚ اُنی تمی نیہِ سوگرِ۔ اُمِس دِتن کھمن تہٕ پلوتہٕ ویٚژن سۄ برابر پننی کۄر۔ دۄیمِہ دوہہٕ ییلہِ تمہِ دۄبی ہنٛدِس لوکٹس باغس منز پکن ہیوٚت تہٕ ننیاو زِ اُمی ہنٛد بن کھورن ہنٛدی نشانہٕ آسی برابر سۄ ہنٛکی نِشانہٕ۔ کمی تانی وۄن اُمِس اَتھ متعلق تہٕ تمہِ وۄن جواب "مےٚ چھُ پتاہ۔ یہِ سۄ مبرا اُوتہٕ دیِو دۄبس" بییہِ دوہہٕ آو اُمِس کتھ تانی پیٹھ اُسن تہٕ اُمِس ہَرے آسہٕ منز سونہٕ ہنٛدی پوش۔ یہِ تہٕ آو اُمِس وَننہٕ تہٕ تمہِ وۄن درجواب "مےٚ چھُ پتاہ۔ یِم نیو بادشاہ ہنز آشنہِ۔ شاید گژھِ سۄ یِم وُچھتھ خوش تہٕ ییٚژھِ یِم مُلی ہینٛز۔ ہرگاہ تہٕ سپد تہٕ تیلہِ ؤنی نیوٚس زِ یِمن ہُند قمت چھُ انسان اُچھن ہنز جۄرِ۔"

دۄب گو محل خانہٕ سونہٕ ہنٛدی پوش ہتھ تہٕ ہاٚون یِم بادشاہ ہنز آشنہِ۔ تمی ہنز موج (مُلکہِ ہنز داے) اُس امہِ ساعتہٕ اُتی ییلہِ یہِ ووت۔ یہِ زَن اندازے اوس زِ نوجوان ملکہ سپز یِم پوش وُچھتھ زٕ متأثر تہٕ پرژھُن دۄبس زِ ژٕ نے کوتاہ گژھی یِمن

میلُن ۔ اَمی وۄنُس "زٕ آدٕمی اَچھ۔"

زٕ آدٕمی اَچھ ۔ ملکہِ دۄہرو اَمی سٕند وَنُن "تہٕ کتھہٕ پأٹھی ہیکیٚ بہٕ دِتھ؟ ژٕ وَن مےٚ کینٛہہ رقم یا کانٛہہ خاص خلعت دِیُن تہٕ ژےٚ میلی سہٕ۔ مگر بہٕ گژھہٕ اَنہٕ چانہٕ خأطرٕ زٕ آدٕمی اَچھ؟"

دایہِ وۄنُس "بہٕ کرٕ تمہٕ چانہٕ باپتھ حاصِل" سۄ ژٕھ تہٕ گیہٕ اَتھی لرِ بیٚیس کمرس منٛز تہٕ اورٕ آیہِ لوکٹ ڈبہٕ ہناہتھ یتھ منٛز جۄگی ہنٛزٕ کورِ ہنٛزٕ اَچھ زٕ آسہٕ۔ دۄنٛی رچہٕ ییم ، مٔلِکانہِ دِتٕن ییم سونہٕ ہنٛدی پوش تہٕ دژاو۔ یٮ۪لہٕ دۄنٛی جۄگی ہنٛزِ کورِ ییمہٕ اَچھ دِژٕ تمہٕ وۄنٛنُس "بہٕ کرٕ شاہ خوش گٔیس زٕ ژٕ سپدُکھ کامیاب ییمہٕ چھےٚ میانے اَچھ۔ ژٕلگھ تہٕ تھاوُکھ ییمہٕ پنٕنہٕ نٔنٛن کھوجن منٛز تہٕ پیٹھہٕ لاگُکھ یہٕ اَچھ دأ دی مرہم۔ دۄنٛی کوٚرٕ ریلی تہٕ کورِ آو برابر تِتھےٚ پأٹھی واپس گاش یُتھ تِمس گوڑٕ اوس۔

یٮ۪لہِ بادشاہ تمہٕ دۄہہٕ شامَس پننہٕ آشنہِ سمکھنہِ آو تہٕ اَمہِ کمینہِ دایہِ ہأوِس ییمہٕ سونہٕ ہنٛدی پوش تہٕ دِیتٕنٛس یہٕ باس زِ ییم کری مٔلِکانہِ بوٗد۔ اَتھ پیٹھ سپُد بادشاہ سیٹھا خوش تہٕ پننہٕ آشنہِ تہٕ اَمی ہنٛزِ دایہِ دِتٕن اتھہٕ وۄتھ تژٕ اُوِتھ تحفہٕ۔ تٔمی سۄنٛچ "دۄنٛی آسہٕ بہٕ جلدٕ ےٚ پوٗرٕ دُنیاہَس منٛز سارِوے کھوتہٕ امیر بادشاہ۔"

کینٛہہ ہفتہٕ گُزرِیا ے۔ اَمہِ پَتہٕ کوٚرٕ رنہٕ مٔلِکانہِ کینٛہہ تہٕ بود مگر جۄگی ہنٛزٕ کوٗر اَس دۄہے کینٛہہ لال تہٕ سونہٕ ہنٛدی پوش تہٕ سون تمہٕ حسابہٕ پأدٕ کران یُتھ سۄ وَدِہے، اَسِہے یا پکِہ ہے۔ تہٕ تمہٕ کٔز بنیاو دۄب جلدٕ ے سیٹھا امیر۔ پر یتھ لنٛدٕ پھائیہِ اَمی ہنٛزٕ بےٚ شمار دولتھ ہنٛزٕ تہٕ تمہٕ ہٕری طریقہٕ چھ الگ الگ خبرٕ ییموٚ کٔز اَمی یہٕ دولت حاصل

کٔر بادشاہس تہٕ لوٚگ امیک پئے تہٕ یہِ شخص بلاوِتھ پرٛژھن اُمس زٕژنے کمہِ تدبیر کرٕتھ ییٚتس کم وقتس منز ییٚہ زیادٕ دولت حاصل۔ دوٚب اوس سبٹھا کھوٚژمت تہٕ تمی وٚون بادشاہس سأرلم پزر۔ تمی وٚون "عالی جاہ، جوٚگی ہنزٕ کورِ یوسہٕ ژکہِ چانٕی اصلی آشنہٕ چھےٚ لتس دِیٚت تمہِ زنانہِ بڑٕ ظالمانہٕ طریقہٕ دھوکہٕ یوسہٕ تمس کورِ وُچھان واشان چھےٚ یوسہٕ وُنی کنِن ملکہ ہنزٕ جایہِ پھےٚ۔ کھاندر پتہٕ واپس یِوان کٔر امہِ زنانہِ جوٚگی ہنزٕ کوٚر ناجأیزٕ طریقہٕ ییٚتھ کتھہِ پیٹھ آمادٕ زِ سو کڈٕ پننہِ اُچھ پتہٕ ییلہِ سوأنی سپزٕ تہٕ تس پتھے اوسنہٕ زِ کیاہ چھُ سپدان امہِ کوٚ ڈلتس سورٕے پکو پوشاک تہٕ لوگُن پننہِ کورِ یوسہٕ وُنی کبس ملکہ بنتھ چھےٚ۔ پتہٕ لاگ کٔر امہِ جوٚگی ہنزِ کورِ پننہِ کورِ ہنزی پکو تہٕ اُکس بڈس صندوقس منز برٕتھ ژھنِن سو دریاوس پیٚر۔ اُمی ہنزٕ کوٚر رٕٹتھ وأژ ڈوٚلی محل خانس منزٕ تہٕ جوٚگی ہنزٕ کوٚر رٕٹتھ صندوق ووت میوٚن گرٕ۔ مےٚ لوٚگ نہٕ وارِیہہ بزٕ وٚنہہ جوٚگی ہنزٕ کورِ ہنزٕ بن صفتن ہُنٛد پتاہ۔ ییٚمہِ وِزٕ تمہِ وٚدیا اوٚس یا ییٚمہِ وِزِ سو چھٕ تمیک نتیجہ اوس لالن یا سونہٕ ہنزٕ بن پوشن یا سونٕکی انبر۔ اکہِ پھِرِ اُنی مےٚ تہٕنزِس وٚنس پیٹھ سونہٕ ہنزی کینٛہہ پوش ملکہ خأطرٕ تہٕ ییمن موٚنگمس زٕ انسان اُچھ قمت۔ تمہِ وِزِ اُس ملکہ ہنزٕ موج یعنے یہِ مال ذات زنانہٕ تٕنی۔ امہِ دِژمےٚ سو اُچھ جوٚری یوسہٕ ملکہ ہنزٕ اُس۔ مےٚ رٔچہ تمہٕ تہٕ دزاس۔ گرٕ واپس وأتتھ دِژمےٚ ییٚمہِ اُمس کورِ ییٚمہِ امہِ تمی ساعتہٕ پننہٕ نٔن کھوجبن منزٕ تراوِ تہٕ پتہٕ اُچھن ہُنٛد مرہم رٔژھالاٚ۔ کتھ ہیوٚک امہِ برابر پٔتی می پٔاٹھی وُچھتھ۔

بادشاہَن وٚون "گرٕھو تہٕ اُنیوٚن جوٚگی ہنزٕ کوٚر۔ مےٚ ہتی چھُ دھوکہٕ کرنہٕ آمُت۔"

اَمی ساعتہٕ آو دۄب جۄگی سٕنٛز کۄر ہیتھ۔ بادشاہَن وۄن تَس مےٚ وَن ژٕ ساأرے دٔلیل تہٕ أمی یِیلہِ بلکُل تَمے گتھہٕ دُبارٕ بوزٕ یِمہٕ دۄب وَنہٕ مۄژٕ آسہٕ تہٕ سَپُد مطمئَن۔ أمی دِیُت اَمی وِزِ حُکم زِ یِہٕ کمینہٕ زنانہٕ تہٕ أمی سٕنٛز بیوقوف کۄر گژھِ قتل یَنٛہٕ کرنہٕ مگر دۄب نتہٕ برہمن واتناوِن تھٔدِس عزتہٕ کِس مقامَس۔ اَمہِ پَتہٕ رۄز جۄگی سٕنٛز کۄر أمِس یَتی تہٕ سُہ رۄد أمِر کھوتہٕ امیر بنان یوٚت تانی تٔمِس تیژٕ دولت اُس زِ تٔمی ترأو پَتہٕ یِہ گٕنٛز راوٕنی۔

(راوی: مکند بابو۔ سۆتھ سرینگر)



# گُلالہٕ شاہ

أ کِس مُلکس منز اوس اَکھ شِکأرۍ روزان یُس شِکار کرنس منز سیٹھا کامیاب آسنہٕ کنہِ ناماوار اوس۔ دپان سُہ اوس پزٕ بتھ دوہہٕ وارِیُہن جاناوارن والہٕ وأش لاگان یا ٹاس دِتھ رٹان۔ یِموٕ منز اوس سُہ کینٛہہ پانس خأطرٕ رٹان تہٕ باقین اوس سُہ کِنان۔ وۄں گو وفضول خرچ آسنہٕ کنہِ بنیاونہٕ سُہ امیر بلکہِ رُو دزیادٕ زیادٕ غریب گژھان۔ یُتُ ژھ دُژھتہٕ یُت زیادٕ أمی زوٗن تمہِ کھوتہٕ ڈلی ڈلی تہٕ ژوٗرژوٗر رُودسُہ خرچان۔ خأر کینژٕس کالس چلیاونہٕ ٹھیکے تہٕ کینژن وٕرِیَن رُو دکۍ معاملہٕ خوش پأٹھۍ پکان مگر وارٕ وارٕ ہیوٗتُن یہِ ظأہر سپدُن زِ جاناوار گے کم تہٕ تہٕ آکاش تہٕ بنے۔ تتھٕ کنہٕ ہیٛژن أمی سنز کامیابی تہٕ ژھوٗکنہٕ۔ لہٰذا اوس وۄنی یہِ شِکأرۍ غمگین تہٕ پریشان باسان۔ سونچان اوس زِ یہِ کتھٕ کنہٕ روزٕ وۄنی زِندٕ۔

یِیلہِ وۄنی سُہ امے حالہٕ اوس تہٕ أتھی منز بلأ دکۍ رازٕ ہونژن ساری جاناوار أکِس بڈِس اِجلاسَس تہٕ یِم کم کاسہٕ جاناوار شِکأرۍ سندِس مُلکس منز رُو دکۍ تتی أسۍ تم تہٕ آے بلاونہٕ۔ یہِ اجلاس اوس بڈ بوٗڈے تہٕ ساری انتظام أسۍ تیتۍ شاندار زِ بیانہٕ

ہکَن تہٕ سپدِتھ۔ اَتھ اجلاسَس منٛز سپُد وارِیاہ کیٛشہہ تہٕ پزٕ بتھ کاثھہ جاناوار اوس تتھ متعلق رُت ونان یہ کینژھا گۄمۍ اتہٕ وُچھ یابوٗز۔ آخرس وۄت یہ اجلاس اندٕ تہٕ جاناوار وڈاے پننہٕ نِس پننہٕ نِس مُلکس مگر سولوکٹ چھوکھ یوسہٕ شِکاُری ہنٛدِ مُلکہٕ پیٹھہٕ آمٕژ اُس سوٗ اُسنہٕ واپس گژھنہٕ خاُطرٕ تیار۔ یہ وُچھتھ پزٕ ژھ راز ہوٗنزن یمَن اُمیک وجہ۔

جاناوارو وۄنُس "اے رازٕ۔ سأنِس ملکس منٛز چھُ اَکھ شِکاُری روزان تیمی سُنٛد نِشانہٕ سیوٚد موتک نشانہٕ چھُ تہٕ تیمی ہٕنٛز والہٕ وأٹش فِکرِ تہٕ چھنہٕ تران۔ سأنی تقریبن سأرے جاناوار برادری مأر اُمی۔ بڑٕ ونہہ اُسی اُسی سبٹھا زیادٕ تہٕ وارِیاہ طاقتور مگر وۄنی وُچھو زِ اُسی چھِ سبٹھا کم تہٕ کمزور۔ اُسی چھِی ژٕ ے درخاس کران زِ اَسہٕ پیٹھ کر رحم تہٕ اَسہٕ بچاوتہٕ اُمِس ظاُلم اِنسانَس نِشہٕ۔

رازٕ ہونٛزن بیٚلہٕ یہنٛدی یِم مصیبت بوٗزی تَس سپُد سبٹھا دوکھ تہٕ یمَن پریشانی کاسنہٕ خاُطرٕ کوٚر رُن سنٛز۔ اُمِس اُسی زِ بُڈی وزیر اَکھ راتہٕ موٗغُل تہٕ بیاکھ طوطہٕ یِم اُمِس بڈٕ ٹاٹھی اُسی تہٕ یہنٛدی مشورٕ یہ ہمیشہٕ مانان اوس۔ لہذا ابلاؤ وی اُمی یِم پانس نِشہٕ تہٕ گوڈٕ وۄنُن راتہٕ موٗغلَس کُن:

"اے راتہٕ موٗغلہٕ۔ بٕہ چھُس تمام جاناوارن ہُنٛد حکمران تہٕ تۄہی چھو میأنی وزیر۔ میانہٕ رعایا ہُنٛد اَکھ حِصہٕ چھُ اَکِس شکاُری ہنٛدِ کِنی بڈٕ مصیبتَس منٛز تیمی ہنٛدِ بن ژھلَن تہٕ والہٕ وأٹش مقابلہٕ کرنک یمَن طاقت چھنہٕ تہٕ اَمہٕ باوجوٗد تہٕ چھِنہٕ پنٛنِ مُلک ترأوِتھ یژھان گژھُن۔ ژٕ ے چھی میانین یمَن رعایاہَن ہنٛدِ بچاوُک انتظام کرُن۔"

راتہٕ موغُل گوو حأران ییلہِ أمی یہِ مُشکل (کامہِ ہُنٛد) حُکم بوٗز مگر طوطہٕ سُنٛد گاٹہٕ جارتہٕ ژۄر رٕعلم ژنبس پتھ دِتُن جواب:

''رازٕ۔ چون یہِ حُکم ہیکہِ نہٕ میانہِ دوہَس اَتھِ نہ پِنہٕ۔ کٔنٛہ میانہِ ڈٔسی عملاونہٕ یتھ وۄڈل گوو ہرگاہ تُہنٛد اجازت آسہِ طوطہٕ ہیکہِ یہِ کأم پوٗرٕ کٔرِتھ۔''

پَتہٕ پھیوٗر رازٕ ہونٛز طوطَس کُن تہٕ تَمِس دِتُن حُکم زِ یہِ کینٛژھا مےٚ وُنی راتہٕ موغلس حُکم دِیُت سُہ کر ژٕ پوٗرٕ۔ طوطَن موٗن امی ساعتہٕ تہٕ فرمانبردأری ہُنٛد اظہار کٔرِتھ وڈاوٗ اَتہٕ۔ سُہ گوو یِمَن ناراض پکھشن نِشہِ تہٕ وۄنُنکھ توہیٖ کٔرِو صبر تہٕ پنٕنہِ مشورٕ کٔری زبونہٕ۔ کٔہنٛی صرف بوٗزی زبومیٖوٗنے وٕنُن تہٕ۔ یَتھ پیٹھ تھأوِو پٔرٕھ زِ بھگوان کرِ توہہِ حلِ مشکل۔ سارِوے جاناوارو کوٚر رُس کُنے گتھ اقرار۔

ییٚلہِ شکأری وُچھ زِ مُلکس منٛز اوسنہٕ اَکھ جاناوارتہٕ روٗدمُت تَس گوو تیوٗت افسوٗس یوٗت نہٕ زانٛہہ اوُسُس گوٚمُت۔ تَس روٗزنہٕ وۄنی کانٛہہ اُمید باقے۔ سُہ کیاہ کھیاوِہے زنانہِ تہٕ عیالَس تِمِس اوسنہٕ فِکری تران تِکیازِ تِمی أس نہٕ زنٛہے ییٚنہٕ کانٛہہ کأما ہیچھمٕژ تہٕ نہ اوُسُس کانٛہہ خاص دوستا۔ سُہ ییٚلہِ شامس واپس گرٕ اوس یِوان تہٕ شُری أسِس أنٛدی أنٛدی سِمتھ یِوان تہٕ پرٕژھان زِ ژےٚ کیاہ شکارا کوٚرُتھ اَز تِکیازِ أسی چھِ بوچھِ ہٕتی تہٕ ییٚلہِ یہِ یورٕ اوسُکھ ونان زِ ازلوٚگ نہٕ مےٚ کہنٛہ تہٕ تِم أسی اکہِ اکہِ واپس نیران تہٕ یہِ اوس اَکھ سبٹھا دوکھہٕ ہوٚت نظارٕ۔

یہِ معاملہٕ روٗد تِتھے کٔنٛہ چلان یوٚت تانٛی جاناوار اِجلاسہٕ پَتہٕ واپس آے تہٕ شِکأری ییٚلہِ پَنٕنِس أرِکس شُرِس نِشہٕ بوٗز زِ جاناوار چھِ ییٚنہٕ تُٔی گٔمتی تہٕ تِمی تُل پَنُن زال تہٕ

تیر کمان تہٕ دڑاو یَمن رٔٹنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔ تِمو وہرو وترٛشھہِ جایہِ زال ییٚتہٕ جاناوارن ہُند یُن سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ ممکن اوس۔ سُہ اوس تیوٗت خشمہٕ ہوٚت تہٕ پوٗر ارادٕ ہیتھ باسان زِ جاناوار کھوٗژری پتمہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تہٕ گےٚ طوطس نش تہٕ ووٚنُکھ اَمس "فلأنہِ جایہِ چھُ شکأری زال ترٛووُمت۔ اَسہِ وَنتہٕ أسی کتھہٕ کنہِ بچو تِکیاہ زِ اَسہِ چھُ پتاہ زِ ہرگانہٕ أسی اَمس والہٕ واشہٕ لگی تیٖلہِ مارِیہٕ اَسہِ تیر لأیتھ۔"

طوطن دیُت یَمن اجازت زِ توٚہی روٗ زِ ومختلف جایَن کھٔٹِتھ تہٕ یَمن کوٗرُن وعدٕ زِ ئہ کرِ تِہنٛز مُستقل حفاظتٕ ہُند بندوبست۔ لہٰذا اَژِ لی تِم سأری وُڈان وُڈان تہٕ گےٚ جلدٕے نظرو دوٗر۔ پتہٕ گو وطوطہٕ تہٕ پوٚک سیوٚدُے شکأری ہنٛدِس زالس کُن تہٕ گو بند۔ مگر اَمہٕ پتہٕ آو نہٕ ییٚہ کانٛہہ جاناوار رَٹنہٕ تہٕ شِکأری اوس مایوٗسی کنہِ تقریبَن دیوانہٕ گوٚمُت۔ گرِ وأتتھ آے دوہدِ شِکی پأٹھی۔ تِہنٛدی بأژ دوان دوان تِمس نش تہٕ پرٛژھہس زِ کیاہ سپُد ژےٚ قسمتہٕ کنہِ حأصِل "کہنہِ نہٕ صرف لوٚگم یہِ طوطہٕ والہٕ واشہٕ" تِمی دِیُتکھ جواب "یہِ چھُ تِہنٛدٕے بدقسمت۔"

یِی ونان کوٚڈ أمی پننہِ دَجہِ منٛزٕ یہِ جاناوار تہٕ اوٚسُس زنتہٕ یہِ کھینہٕ خأطرٕ مارُن۔ مگر طوطس گو وانداز زِ اَمس کیاہ چھُ ارادٕ تہٕ ووٚنُنس "ژٕ کیاہ زِ مارکھ مےٚ؟ ژےٚ چھیٖ ناپتاہ زِ میوٗن ماز چھُنہٕ کھینس قأبل تہٕ ووٚنی ہرگاژ کھیکھ تہٕ مےٚ ژےٚ کوسہٕ بوچھِ ژٕلی میانہٕ ستیٚ ئہ نےٚ چأنی اَکھ ژوٗنپ تہٕ چھُس نہٕ۔ چانہٕ خأطرٕ چھُنا اَمہٕ کھوتہٕ یہِ بہتر زِ ژٕ کنِکھ مےٚ کأنٛسہِ بازرٕ تہٕ پتہٕ اَنِکھ تِتھ قیمتس یہِ مےٚ تیٖی کینژن دوہَن ہنٛدِ خأطرٕ کھینہٕ چیٖنکی چیز۔"

شِکاُرک کوٗرُس اُتھ گاٹہٕ جارچہ گتھہٕ اقرار تہٕ اوٚ کنہٕ تھوٚون یہٕ راتس اُکس محفوٗظ جایہِ تہٕ اِرادٕ کوٚرُن زِ بہٕ دوٚہہِ صُبحس سُلی نٔندرِ تہٕ نیرِ یہٕ ہٮ۪تھ بازر۔

دوٚیمہِ دوہہٕ تِتھے آفتاب کھوٚت تہٕ شِکاُرک تہٕ ووٗتھ تہٕ دزاو بازرتہٕ چھُ لوٗکن کُن ہِکھ دِوان زِ ہے طوطہٕ چھُ مےٚ کٔنُن۔ کُس ہیٚیہٕ؟ کُس ہیٚیہٕ؟'' کینٛہہ لُکھ رُکے تہٕ اُمس جاناوارس وُچھنہٕ خاُطرٕ۔ تِمن گوٚو یہٕ سارِنے خوش تہٕ کینٛہہ ووٚدیاو ہمبون تہِ مگر قیمت اُسس کہٕ دِوان۔ یٚیمہٕ کنہٕ طوطن یِمن ستی گرٛھنس انکار کوٚر۔ اَمہٕ ووٚ ہارٕ کنہٕ کھوٚت شکاُرس شرارت۔ سُہ اوس ژٕہی دوٚہس گرمہٕ تاوِ منٛز اورٕ یورٕ پکان تہٕ اَمہٕ کنہٕ اوس سبٹھا تھوٚکمُت تہٕ مایوٗس۔ ییٚلہِ سُہ گرٛووت تہٕ اَتہٕ ہیٚیہٕ عیاچ سوے بوچھ بوچھِ تہٕ تکلیف وُچھِن تَس کھوٚت یِتھ اشتعال۔ یِتھ نہٕ کانٛہہ حدٕ ے چھُ۔ اُمی کوٚر قسم زِ بہٕ مارن وُنی یہٕ طوطہٕ اُتی تھےٚ۔ بچورٕ پکھش۔ اُمی سوٗنچ زِ اُمی سنٛز زندگی وااُژ ووٗنی پٔزٕ کنہٕ اند۔ تہٕ کرِتھ تہٕ ووٗن اُمی شِکاُرِس زِ ژٕ کرتہٕ صبر تہٕ ہیٚیہٕ ووٗنس ''ژٕ ے تری پانے فِکرِ زِ مےٚ ماچھُ ژیرِ کرنس منٛز کانٛہہ ذاُتی غرض۔ یِتِس کم قیمتس پیٹھ بہٕ کِننہٕ یِنس پیٹھ یہٕ ژے اَزلوٗکھ دِوان اُسی میوٗن انکار کرُن اُسنہٕ کانٛہہ جہالت۔ مہربانی کرِتھ زانہٕ ژٕ یہٕ کتھ زِ میوٗن زُو بچاونہٕ خاُطرٕ چھُسنہٕ بہٕ چون ناشکر گزار۔ ہرگاہ ژٕ پکھہٕ تانی پژار کھتہٕ پَتہٕ مےٚ اُکس رِتس پنجرس منٛز بِرتھ پیٹھہٕ تتھ خوش یوٗن گُرٕ وٕلکھ تہٕ پَتہٕ مےٚ محل خانہٕ کہٕ صحنہٕ کنہٕ اورٕ یورٕ پکناوکھ ممکن چھُ کانٛہہ بڈس تہٕ امیر شخصس پیٚیہٕ پنجرس پیٹھ نظرتہٕ پزٕ ژھی اُتھ منٛز کیاہ چھی۔ یِتہٕ ہیٚکہٕ بُنتھ زِ تم ہاوَن مےٚ منٛز جان دلچسپی تہٕ پزٕ ژھن قیمت۔ ہرگاہ تہٕ سپدِ تیلہٕ کرِی زِ مہربانی زِ ہیٚیہٕ دِی زِ مےٚ یہٕ طے کرنہٕ۔ بہٕ وٕنگھ سیٚوٚ دیا ٹھکھ

زِمےٚ چھُ سبٹھا تھوٚ درقم قیمت تہٕ پتہٕ وَنہٕ بہٕ پانے پٔڑن قیمت۔"

شِکأرِی کوٚربیٚہِ طوطہٕ سٕندِس گاٹہٕ جارس اقرار تہٕ موٗنن زِیٔہ کر برابر یی۔ لہٰذا آودوٚیمہِ دوہہٕ صُبحس اَکھ خوبصورت پنجرٕ تہٕ گپُر اَنہٕ تہٕ یہِ جاناوار آوا تھ اندر تھاونہٕ تہٕ نیؤیہِ شکأرِی محل خانہٕ کِس حاطس منز۔

امہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس آسہٕ وریٚہہ زنانہٕ مگر تمہٕ سارے آسہٕ اَ کِس ورأے ہانٹھ ییٚمہِ سٕندِ مرٕ اُمس اَکھ کوٗر اُس زامٕژ۔ یہِ کورِہن ییٚلہِ بڈ بڈ گیہِ تہٕ یہِ اُس تیژ پرٕژ تہٕ مأرِی منز زِ بادشاہس اُس یہِ سبٹھاہ ٹأٹھ۔ یہِ اوسنہٕ اُمس ورأے رؤزِتھ ہبکان تہٕ اُمی سٕنز اُسنہٕ کانٛہہ ترٛشھ خاہِش یوسہٕ نہٕ یہِ پننہٕ پۆرِ طاقتہٕ کِنی پۆرٕ کرنٕچ کوٚشِش اوس کران۔ اَکہِ دوہہ اُس اَمہِ یہِ خاہِش بأوِمژ زِمےٚ گوٚژھ اَکھ تیٚتھ جاناوار اَیُس گَتھہٕ آسہِ ہے کران تہٕ تتہِ پیٹھہٕ اوس بادشاہ بڈ ٹز گرِتھ تتھس جاناوارس متعلق پرٕژھ گأرکران۔ لہٰذا اوس شِکأرِی سُند لیأرِی یُن سبٹھے مُنأسب موقعہٕ۔

ییٚلہِ شِکأرِی محل خانس بزوٗٹھی کِنی اورٕ یور کران اوس تہٕ اُتھی منز دژا اولیأرِی بوٚڈ وزیر۔ شِکأرِی گرٕ اُمس سو دِلہٕ سلام تہٕ طوطن تہٕ گرٕ یہِ زاَنتھ سلام زِ کوسہٕ تانی بڈ شخصیت چھےٚ نکھہٕ۔ ییٚلہِ وزیٖرن پنجرٕ منٛز سلام بوٗزُسہ سَپُد واریٚہہ حأران۔ تمہِ وُن "یہِ کیٛاہ عجیٖبے! یہِ ٹلگھ ناپرٕتھوٚ دتہٕ بہٕ وُچھہن یہِ جاناواریُس یہِ عجیٖبے چیز اچھُ کران۔"

شِکأرِی کوٚریی تہٕ وزیٖر گوو طوطہٕ سٕنز دلنأیی کھوتہٕ زیادٕ اُمی سٕنز خوٗبصورتی وُچھِتھ رٔنتھ ہیؤتہٕ وؤنُس بہٕ ہمن یہِ تتھ قیمتس یہِ ژٕ وَنکھ یہِ زَن گوڈے طےاوس تہٕ

طوطٕنے وۄن فورن ٲقمت ''ارداہ ساس روپیہ''

''کیاہ! ارداہ ساس روپیہ؟'' حٲران گژھتھ وۄن وزیرَن۔

''آ۔ ارداہ ساس روپیہ'' طوطن دِیُت بیٛیہ جواب۔

وزیرن وۄنُس ''تیٖلہِ ہیکبتھ نہٕ بہٕ ژٕ مُلی ہیتھ مگر میوٗن آغہٕ یعنے بادشاہ چھُ یژھان زِ مےٚ گوٚژھ چاۓنی پاۓٹھی کتھ کرنِ وول جانا وارا لہذا گوچھکھ ژٕ تٕسی نِشہِ واتناونہٕ یِن۔''

طوطن کوٚرُس اقرار تہٕ محل خانہٕ چہٕ بڑوٚٹھی مہِ برنہٕ پیٹھ وٲتتھ روٗٹ وزیرن پنجرٕ تہٕ ژاو یہِ ہیتھ اندر۔ (بادشاہَس کُن) بوٗن کُن نِمتھ تھوو اُمی پنجرٕ یہِ ونان بادشاہَس بڑونٹھہ کنہِ زِ مےٚ چھُ باسان زِ چھیکرس میوٗل توہہِ تہٕ تیچ توہہِ یژ کالہٕ پیٹھٕ خاہش اُس۔ تہٕتھے پنجرٕ بادشاہَس بڑونٹھ کنہِ تھاونہٕ آو تہٕ جاناوارن کر پوٗرٕ پاۓٹھی بوزن یینہٕ وانٛجی سلام۔ اَمہِ ستی سپُد بادشاہ حٲران تہٕ سبٹھےٚ بےتٲبی سان پرژھنس زِ ژےٚ کتہِ اوٚنتھَن یُتھ گاٹل تہٕ شاندار جاناوار''یہ چھُ بلکل سے جاناوار یُس بہٕ واریہہ کالہٕ پیٹھٕ ژھانڈان اوس سَن'' بیٛیہ وۄننس ''ژٕ کُٹھ یہ مےٚ۔ ژٕ وَن مےٚ ژےٚ کیاہ گژھی تہٕ بہٕ دِمےٚ۔''

وزیرَن وۄنُس ''بادشاہ سلامت۔ یہِ چھنہٕ میوٗن۔ مےٚ سمکھ محل خانہٕ کِس صحنس منز اکھ غریب شکاری اُمس پکناوان تہٕ یہِ زاُنتھ زِ توہہِ چھُ تتھس جاناوار سُنٛد ضرورت تہٕ کرمےٚ گوڈٕ کوٗشش یہِ ہیٚنج مگر یِیلہِ مےٚ وُچھ زِ اُمس چھُ تیوٗت ٲقمت یُس نہٕ بہٕ دِتھ ہیکہٕ تہٕ توے وۄن مےٚ اُمس نفرس ژٕ یہِ یور۔ توہی دِیوٗ مےٚ اجازت بہٕ

اَتھ سۄ نفر یوٗ رٕ۔"

بادشاہَن دِیُت حُکم زِ شِکأرۍ انیوٚن اندر تہٕ بیٚیلہِ سۄ ووت تہٕ بادشاہَن وۄنُس زِ ژٕ کٔنِن یہِ طوطہٕ۔ تٔمۍ وۄنُس "وَن مےٚ اَمِس کیاہ چھُ قیمت تہٕ ژےٚ میلی سۄ۔"

تھَر تھَرِ سان وۄنُس اَمۍ نفرن "میانہِ آغہٕ۔ بٕہ ہیکہٕ نہٕ جاناوار سُند قیمت وٕنتھ۔ مےٚ چھُ پتے پتاہ زِ یہِ چھُ اَکِس بڈِس رقمس مٔلۍ ہیٚنہٕ آمُت۔ بادشاہ صاب دی تَن حُکم تہٕ جاناوار وَنہِ پانے پنُن قیمت۔"

پتہٕ پھیوٚر بادشاہ طوطس کُن تہٕ پرٕژھنس قیمت تہٕ اَتھ درجواب وۄنُس طوطَن گوڈنکی پأٹھۍ "ارداہ ساس روپیہ"

سبٕھے حأرانی سان وۄن بادشاہَن "ارداہ ساس روپیہ۔ سۄ گوو زیادٕ۔ وارَیہہ زیادٕ۔ ژٕ چھُکھا مےٚ ستی مخولہٕ کران۔"

تٔمۍ کٔر کوٗشِش زِ بٕہ کرٕ چُکاوُ کاوو مگر طوطہٕ اوس پَنہٕ نِس قیمتس پیٹھ تِتھے پأٹھۍ پوٚرٕ ڈٹِتھ تِتھہِ پأٹھۍ بادشاہ اَمِس (جاناوارس) مٔلۍ ہیٚنِس نسبت اوس۔

لہٰذا آے شِکأرِس ارداہ ساس روپیہ دِنہٕ تہٕ طوطہٕ آو پَنہٕ نِس خوٚبصورت پنجرس منٛز بادشاہ سنٛز کُنہ تہٕ ٹاچھِ کورِ نشہِ واتناونہٕ۔

شِکأرۍ اوس ووٚنۍ امیر۔ تٔمِس اوس تالو ٹنگ ووٚتھمُت! ارداہ ساس روپیہ! سۄ تہٕ اکی دوہہٕ۔ سۄ آو سبٕھے خوش پأٹھۍ گرٕ واپس تہٕ اَمۍ ہِند بوٚ گرِ کوٚ بیٚیلہِ یہِ خوشخبر بوٗز زِ تٔمو تہٕ کوٚر اَمِس سبٕھا خوشی سان استقبال۔

کالُک بَتہٕ کھیوٚکھ۔ یِتھ ہیوٚ کھٕسن کھٕسُنس اوس یَمن وقتا گوٚمُت تہٕ اَمہِ پتہٕ

لوگ یِمو بڑ وٕنہٕ کُن خاطرٕ منصوٗبن متعلق سٔرِن سوچُن شروٗع کرُن۔

شِکاُرِ پرٛژھکھ "اُسی کیاہ کرو یِمَن اردا ہَن ساسَن روپیَن۔ اُسی نیرو وٕنی یِیمہِ مُلکہِ منٛزٕ تہٕ گژھو کُنہِ جان تہٕ بہتر جایہِ۔ بیٚیہِ وُچھ اَسہِ مصیبت تہٕ سختی یا ژٕ۔ کُنہٕ اُسی روز وٕ ییتہٕ تہٕ لاگو یِمو روپیو ستی باپار کرُن۔ دولت تہٕ عزتس منٛز ہُر برسپد تھٕ مُشن اَسہِ سارے پرٛانہِ سختیہِ۔" شِکاُرِ وٕژن زنانہِ تہٕ شُربن کُن۔ "وٕنو وٕنی کیاہ کرٕو۔"

یِم اُسی یہِ بحث کران زِ صحنس منٛز وٕتھ اچانک سخت شور تہٕ یِمَن سارنٕی آوازَن منٛز دِژ کُمی تانی زیادَے زورٕ کرٕبکھ تہٕ ہیوٚتُن شِکاُرِ سُند ناو۔ سپاہَن ہنٛز اَکھ چھوکھا اُس وأتتھ پیٚمٕژ یِمو یہِ وٕژن زِ یِم اُسی بادشاہَن شِکاُرِس بلاوِتھ اَنہٕ خاطرٕ سوٗزِ متی۔ اُمس بچاُرِس گو وپھرٛ ٹھ۔ تُمی دِژ کرٛٹکھ "یِم چھامیٛؤن ناو ونان۔ میون ناو ہا۔ مےٚ سوٗزا بادشاہَن ناد؟ بادشاہ صأبس کیاہ پو میٛؤن یُتاہ ژٕہری ضرورت؟ شاید ما آسہِ سہٕ اَتھ سوداہَس پتھ پشتاوان تہٕ آسہِ یژھان زِ تَس گوٚژھن پننہِ روپیہ واپس۔ نتہٕ ما آسہِ طوطَن میأنی واگوپی کرٕہڑ۔ہا رے۔ وٕنی کیاہ بنہِ؟ بٕہ کیاہ کرٕ وٕنی؟

مگر اُمی ہنٛدی یِم ساری شک سپدی غلط ثابت تِکیاز بادشاہَن اوس تمہِ کتھہِ باتھ ہنٛدِس نتیجس منٛز اُمس ناد سوٗزمُت یوسہٕ تُمی اُمی ساعتہٕ طوطس ستی کرٕہڑ اُس تہٕ اُمی (طوطن) اوس تُمس پنٛن بُنیأدی مقصد بوومُت۔ سہٕ اوس یژھان اُمس یہِ حکم دِیُن زِ وٕنی چھی ژےٚ سبٹھا پنٕسہٕ تہٕ وٕنی ژٕھن یہِ شِکاُرِ آسنک ظالم کارتہٕ اُوتھ تہٕ کر کانٛہہ بدل کاربارا۔

شِکاُرِ کوٚر اُمس وٕلی اقرار تہٕ وٕننس مےٚ تہٕ چھ لِی اِرادتہٕ بٕہ سوزٕ پنٛن

اَنِن سُہ نفریٚوٗ رِ۔"

بادشاہَن دِیُت حُکم زِ شِکاری انیوٗن اندر تہٕ ییٚلہِ سُہ ووت تہٕ بادشاہَن وُوٗنس زِ ژٕ کٔتیٚن یِہ طوطہِ۔ تٔمۍ وُوٗنس "وَن مےٚ اَمِس کیاہ چھُ قیمت تہٕ ژےٚ میلی سُہ۔"

تھَرِ تھَرِ سان وُوٗنس اَمۍ نفرن "میانہِ آغہٕ۔ یُہ ہیکہٕ نہٕ جاناوار سُند قیمت وٕنتھ۔ مےٚ چھُ یِتے پتاہ زِ یِہ چھُ اَکس بٔڈس رَقمس مٔلی ہیٚنہٕ آمُت۔ بادشاہ صاب دی تَن حُکم تہٕ جاناوار وَنہِ پانے پٔنُن قیمت۔"

پَتہٕ پھیوٗر بادشاہ طوطَس کُن تہٕ پرٕژھنس قیمت تہٕ اَتھ درجواب وُوٗنس طوطَن گوڈنکی پأٹھی "ارداہ ساس روپیہِ"

سبٕھے حأرانی سان وُوٗن بادشاہَن "ارداہ ساس روپیہِ۔ سُہ گوو زیادٕ۔ وارِ یہِ زیادٕ ژٕ چھکھا مےٚ ستی مخولہِ کران۔"

تٔمۍ کٔر کوٗشش زِ یُہ گژھِ چُکاوُکاو مگر طوطہِ اوس پَنہٕ نِس قیمتس پیٹھ تِتھے پأٹھی پوٗرٕ ڈٕٹِتھ تہٕ تِتھہِ پأٹھی بادشاہ اَمِس (جاناوارس) مٔلی ہیٚنس نسبت اوس۔

لہذا آے شِکارِس ارداہ ساس روپیہِ دِنہٕ تہٕ طوطہِ آو پَنہٕ نِس خۄ بصورت پنجرس منز بادشاہٕ سٕنزِ کُنہ تہٕ ٹاچھ کورِ نشہِ واتناونہٕ۔

شِکارِ اوس وُنی امیر۔ تٔمِس اوس تالوٕ ٹنگ وُتھمُت! ارداہ ساس روپیہِ! سُہ تہٕ اکی دوہہٕ۔ سُہ آو سبٕھے خوش پأٹھی گرٕ واپَس تہٕ اَمۍ ہٕنٛد بوٗ گرِ کھو ییٚلہِ یِہ خوشخبر بوٗز زِ تِمو تہِ کوٚر اَمِس سبٕھا خوشی سان استقبال۔

کالُک بَتہٕ کھیوٚکھ۔ یِتھ ہیوٗ کھیٚن کھینَس اوس یِمَن وقتا گوٚمُت تہٕ اَمہِ پَتہٕ

لوگ یِمَو برٛ وٗنہہ کُن خاطرٕ منصوٗبن متعلق سَرُن سوچُن شروٗع کرٕن۔

شِکاَرک پرٛژھکھ "اُسی کیاہ کرو یِمَن اردٲہَن ساسَن روپَین۔ اُسی نیروٗنی یِمہِ مُلکہٕ منٛز تہٕ گرٛھو کُنہِ جان تہٕ بہتر جایہِ۔ بیٚیہِ وُچھ اَسہِ مصیبت تہٕ سختیی یِی تہٕ۔ کُنہٕ اُسی روز وینِتہِ تہٕ لاگو یِمو روپیوٚ سِتی باپار کرٕن۔ دولت تہٕ عزتَس منٛز ہُر برسپدِتھ مَشَن اَسہِ سارے پرٛانہِ سختیہِ۔" شِکاَرک وٗن زنانہِ تہٕ شُربن گُن۔ "وٗنو وٗنی کیاہ کرو۔"

یِم اُسی یہِ بحث کران زِ صحنس منٛز وٗتھ اچانک سخت شور تہٕ یِمَن سارنٕے آوازَن منٛز دِژ کَمی تانی زیادَے زورٕ کرٕنکھ تہٕ ہیوٚتُن شکاَرک سُند ناو۔ سپاہَن ہٕنز اَکھ چھوکھا اُس واتِتھ پیٚمٕژ یِمَو یہِ وٗن زِ یِم اُسی بادشاہَن شِکاَرِس بلاوِتھ اَنہٕ خاطرٕ سوٗزی متی۔ اُمِس بچاَرِس گو وپھرٛٹھ۔ تمی دِژ کرٕنکھ "یِم چھامیوٚن ناو ونان۔ میون ناو ہا۔ مے سوٗزا بادشاہَن ناد؟ بادشاہ صاَبس کیاہ پو میوٚن یُتاہ ژیرٕ ضرورت؟ شاید ما آسہِ سُہ اَتھ سوداہَس پتھ پشتاوان تہٕ آسہِ یژھان زِتَس گوٚھَن پَنُنہ روپیہ واپس۔ نتہٕ ما آسہِ طوطَن میٲنی واگوپی کرٕمٕژ۔ ہاے۔ وٗنی کیاہ بنہِ؟ یہٕ کیاہ گرٕ وٗنی؟

مگر اُمی ہٕندی یِم ساَری شک سپدی غلط ثابت تِکیازِ بادشاہَن اوس تمہِ کتھہِ باتھِ ہٕندِس نتیجس منٛز اُمِس ناد سوٗزمُت یوسہٕ تمی اَمی ساعتہٕ طوطس سِتی کرٕمٕژ اُس تہٕ اُمی (طوطن) اوس تِمَس پنُن بُنیٲدی مقصد بومُت۔ سُہ اوس یژھان اُمِس یہِ حکم دِیُن زِ وٗنی چھی ژٕ سبٹھا پنٕسہِ تہٕ وٗنی ژھن یہِ شِکاَرک آسنک ظاَلم کارتٕز اُوِتھ تہٕ کر کانٛہہ بدل کارباَرا۔

شِکاَرک کوٚرُس وٗلی وٗلی اقرار تہٕ وٗننس مے تہٕ چھُ یِی اِرادٕ تہٕ یہٕ سوٗز پَنُن

زال تہٕ باقے چیز محل خانہٕ یتھ یہ ثبوت پیش کرِ زِ بہٕ پھٹر اوٚ نہٕ پٔنُن وعدٕ۔ یہ وڈا واتہٕ تہٕ جلدٕ ے کوٚر بادشاہَن اَکھ فرمان جأری زِ کانٛہہ تہِ شخص گوژھِ نہٕ مُلکس منٛز کانٛسہِ جاناوارس رٹُن یا مارُن تہٕ یُس اَکھ رٕژ حُکمچ عدولی کرِ تمِس پیہٕ شاہی حُکمس تحت سخت سزا دِنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ اوس اَتھ مُلکس منٛز جاناوارن ہنٛز برداریہِ منٛز اَمن تہٕ اطمنان۔ اَمہِ پتہٕ رٕوٚدی یم پزنہٕ پیٹھی نوان تہٕ دٕہ دوہَس اُسی فضاہَس منٛز تہنٛدی موٚدری نغمہٕ وَزان روزان۔

بادشاہ سٕنز شکر گزأری خأطرٕ کوٚر طوطَن محل خانس منٛزٕ نے روزنُک فأصلہٕ۔ شأہی خاندانٕکس پرٛتھ نفرس سٕتی تھأوأمی لے تہٕ سارِنٕے گوو یہ ٹوٹھ خاص کرِتھ شہزادِ یوسہ پٔنُن پوٚرٕ وقت تہٕ خیال أمی ہے سٕتی گزاران اُس۔ یتھ زِ سو اُسنہٕ ووٚنی برٛونہہ پاٹھی بادشاہَس یعنے پننہٕ نِس مألِس نِش تہٕ گوژھان بلکہِ اُس ہمیشہٕ طوطہٕ ہے سٕتی رِگندان تہٕ گتھہٕ کران تہٕ ونان اُس ''اوٚ ہٕ بہٕ کیاہ کرِ ہر گامیوٚن یہ مأری موٚنٛد طوطہٕ موٚ دیا مےٚ نِش وُڈو کرِتھ ژوٚل؟ طوطا۔ ژےٚ چھسے بہٕ ٹاٹھ۔ چھسَے نا؟ تہٕ ژ ماژ لکھ زانٛہہ؟ ژَ لکھ ما؟ میانہٕ پٔزی یارِ مےٚ کرو وعدٕ زِ ژٕ روزَکھ ہمیشہٕ مےٚ سٕتی!''

یِیلہٕ ووٚن معاملہٕ تتھے ٕکنی چلان رٕوٚدی بادشاہ ہیوٚتُن قدرتی ناراض گوژھُن تکیاز تَس اُس کوٚرو اریہہ زیادٕ ٹاٹھ تہٕ سُہ اوسنہٕ یژھان زِ سو گزارِ پٔنُن سورُے وقت طوطہٕ ہے سٕتی۔ اکہِ دوہہٕ دِگرس بأگ ہیوٚ پژھ أمی پننہٕ عین کینژون دوستَن مشورٕ زِ مےٚ کیاہ پزِ کرُن۔ سُہ اوسنہٕ یژھان نتہٕ ما اوس سُہ کھوژان زِ سُہ ژھنہِ ہے طوطہٕ ہے مأرِتھ۔ مگر أژر کر ہے تہٕ کرِ کیاہ؟ تمو دِیُت تَس مشورٕ زِ توٚہی کرِو حُکم زِ طوطہٕ گوژھ

دربارس منز یاباغس منز یاتھ جایہِ ننہٕ ییٚن یوٚت بادشاہیٚوہِ زِ اٚمی ہنز کوٗر گوہِ تہٕ تکیاِ زِیہِ چھُ تو ہہِ پتاہ زِیوٚت تہِ طوطہٕ گوہہِ توٚتے گوہِ شہزاُدکہ تہِ۔ بادشاہ گو وِیہ مشوٗر یٚ زِتھ خوش تہٕ اٚمی ساعتہٕ سوٚزن اُکھ نوکر یتھ زِبہ طوطس دربارس منز اَنہِ۔ یتھہٕ کنی زن گوڈے وَننہٕ آوِ زِ طوطس اوس تہِ سأُلم پتاہ آسان یہِ دُنیاہس منز سپدان اوس تہٕ سہ اوس پننہِ مأُلکنہِ کاتھہ تہِ خاص خبر ونان۔ لہٰذا اَجھأُو اٚمی یہِ بادشاہ سُندسہ منصوٗبہٕ ییٚمہِ کنی سہ پننہِ کورِ بیہِ پانس نِش انان آسہِ ہے۔ طوطَن ووٗنُس بڑ وٗنہہ کُن ''جان گوو ژگوہ۔ نیر فورن تہٕ مے تھاویتی۔''

شہزادِ کوٗ ریل۔ وَتہِ سمکھ اُمس بادشاہ سُند یہِ شیٚچھ وول تہٕ پڑ ژھنس ژےٚ کوٚت چھی گژھُن۔ اُمی دِتُس جواب زِبہ سوٗزس بادشاہَن طوطہٕ دربارس منز اَننہٕ خأُطرٕ۔

تَمہِ ووٗنُس ''کینہہ چھنہٕ۔ ژےٚ چھی نہٕ اور گوھنٕک ضرورت۔ بہ گرِ پانے بادشاہَس ستی گتھ۔ پکھ مے ستی واپس۔ مے چھُ بادشاہ صأب ہے نِشہِ وٗنی کبس گوھُن۔''

تِتھے شہزأدی مأُلس سمکھنہٕ خأُطرٕ دزٕلیہِ طوطس پہو پٔنُن وطن تہٕ پٔننی پرأنی یاد تہٕ اُمی کوٗ ر اِرادٕ زِبہ گوژھ تَمَن نِشہِ تہٕ توٚت تانٕ ولتہٕ واپس یوٚت تانٕ شہزأدی واپس پہیہِ۔ لہٰذا اژھنہِ اُمی پننہِ کینہہ پرٕانہِ تہٕ پھٔچہ مٔو تہر کڈِتھ یتھ زِیہ زیادٕ خوٗبصورت باسہِ ہےتہٕ یمہِ (تیرٕ) اُتی فرشس پیٹھ تراُوِتھ دزادوسہ۔ یہِ ووت ٹھیک پاٗٹھی پٔنُن وطن تہٕ پَنہٕ نو دوستو تہٕ اُشناوَو کوٗرُس وَژِہِ وأُنجہ استقبال۔ تم سأری سپدی دُبارٕ سمکھنس پیٹھ

سبٹھاخوش تہٕ ییتِس کالس دۄررِ وزنہٕ پتہٕ آسہٕ یمَن وارِیہہ گتھہٕ وَننہٕ۔ تِمن آسہٕ نہٕ پۄرٕ پاُٹھی گتھہٕ کرنہٕ موکلاُنے تہٕ ییاُرِ رۄزِ دوقت تہٕ ژلان یۄت تانی شامہٕ ژھایہٕ ہیرٕن گرِشہنہٕ تہٕ طوطس پیو یاد زِ اُمس چھُ نیرُن۔ لہٰذا مون نہٕ اُمی اَتہٕ بیٚہ گاُنٹس کھنڈس روزنہٕ باپَتھ دوستَن ہُند زارٕ پارٕ تہٕ تہٕ پگہہٕ مۄژِتھ کۄرُن اَتہٕ وُڈو۔

واپس یِوُن وۄتھ طوطہٕ سمندرٕ بٹھس نِکھہٕ اَکِس باغس منٛز یۄن بیٚتہٕ وارِیہہ کم یاب تہٕ خوبصورت پوش اَسی وۄپدٕ ہمتی۔ اَتہٕ ژٕٹِن زٕ سارِوے کھوتہٕ خۄبصورت (پوش) تہٕ آو واپس شہزادِ نِش۔ وۄل گو وشہزاُدی اُس دربارٕ پیٹھہٕ وارِیہہ کال بڈ وٕنہہ واپس آمٕژ تہٕ ییلہٕ نہٕ اَتہٕ طوطہٕ وُچھنے تہٕ اُسس سخت فِکر پیٚمٕژ تہٕ اَمہٕ پتہٕ کیٚہ کاُلی ییلہٕ اَمہٕ پتھرِس پیٹھ کینہہ پھُمبٕہ تیرٕ وُچھن تِمس سپُد انتہاُیی دوکھ۔ اَمہٕ سوٗنچ زِ ضرور چھے کانہہ براُرکمرِس منٛز ژامٕژ تہٕ اَمی سُند یہٕ خوبصورت جاناوار نمُت۔ کاُنی ودنہٕ تہٕ ماتم کرنہٕ پتہٕ گییہٕ سو بادشاہَس نِشہٕ تہٕ وُنی نَس پننی یہٕ دوکھہٕ ہٕژ دٔلیل تہٕ تِمس کۄرُن درخاس زِ ژٕ دِ حُکم زِ چاُنِس مُلکس منٛز ییٚتہٕ کُنہٕ براُرا نظرِ گژھِ سو گژھِ مارنہٕ ینی۔ یُد وَے زن بادشاہَس طوطہٕ سُند زیادٕ پھیوٗرنہٕ مگر سُہ اوس پننہٕ کورِ خوش یژھان گرُن لہٰذا دِیُن امی وِزِ حُکم زِ مُلکس منٛز ییٚتہٕ تہٕ کانہہ بڑاُرنظرِ گژھِ سو گژھِ تمی ساعتہٕ مارنہٕ ینی۔ اَنہٕ گۄٹ گرِشھنہٕ برونٛہے آسہٕ ہَتہٕ بٔزٕ بڑارِ مارنہٕ آمٕژ۔

مگر شہزادِ بچارِ میوٗل نہٕ اَمہٕ انتقامہٕ کُنی زیادٕ سوکھ۔ سو آیہٕ واپس پننہٕ نِس کمرِس منٛز۔ درواز کۄرن بند تہٕ رۄز تۄت تانی وَدان یۄت تانی ہکیتھ اُسس۔ دوکھہٕ ہٕژ رۄز سو باکہٕ دِوان "میانہٕ طوطو، میانہٕ طوطو۔ مے کیاز تژٕ ایامکھ ژٕییٚتہٕ؟ بہٕ دژاییَس

گوڈنکہِ پھِر ژٔے نِشہِ۔ یہِ کیاہ ظٔلما کوٚرتھَم'' یِتھۍ کٔنۍ رۄٚز سو پَنٕنۍ نِس پالتوسۍ تھیس پیٚتھ ماتم کران۔ تَمہِ رۄٚ ژ وَچھ تمہِ سبٕٹھا سبٕٹھا ژیرۍ اۄچھ تہٕ ییٚلہِ وۄٚن تَس ہٕنٛدرآیہ تہٕ سو آیس سبٕٹھے گمَس کاکس۔ سو گییہ بیٚیہٕ ہُشار تہٕ پھِرۍ پھِرۍ اوسُس قدرتی اۄتھۍ دۄ کھَس کُن خیال گژھان۔ سو دژایہِ بسترٕ منٛز نبر تہٕ کوٚرُن اِرادٕ زِ یُہ دِمہٕ پانس پھاسی تہٕ گژھہٕ اَمہِ غمہٕ منٛز آزاد۔ تَمہِ کوٚر یہِ تدبیر زِ اَکھ رَز گنٛڈِن تالوچہِ اَکس گرِ تہٕ اَتھ تٕر وۄٚن گنٛڈ تہٕ وۄٚنۍ اَس اَتھ منٛز پَنُن گلہٕ برِنَس تیار زِ اۄتھۍ منٛز ژاو دارِ کَنۍ وۄٚپھ دِتھ طوطہٕ اندر۔ ہرگا بیٚیہٕ اَکھ ژیٚہہ ژیر گیاو تہٕ طوطہٕ وُچھ ہے پنٕنہِ مالکنہِ بدلہٕ تسنٛز لاش۔ سو کوسہٕ زِ یو آسہِ یو سہٕ وۄٚنتھ ہیکہِ تہٕ سُہ کُس قلم آسہِ یُس سُہ تمہِ ساتچ اَکۍ ہنٛز حیٲرانی تہٕ بے ہنٛز خوشی بیان ہیکہِ کٔرتھ ییٚلہِ تم پانہٕ وٲنۍ سمکھی۔ شہزادِ روٗٹ طوطہٕ چیرٕ ہنٛس ستی تہٕ دِدرایہِ ہورُن اوٗش تہٕ وۄٚننس زِ مے باسیاو ژھنٛگھ کٲنسہِ بڑارِ کھیوٗمت تہٕ تمہِ کِنۍ کوٚر مے بادشاہ مجبوٗر زِ سُہ کَڈِ حُکم یُتھ زِ مُلکس منٛز سارے بڑارِ گالنہٕ یِن تہٕ تمہِ پتہٕ یِتھۍ کٔنۍ باسیاو مے پَنُن پان کُنے زوٗن تہٕ بےبَس زِ مے کوٚر پان مارنُک فیٚصلہٕ تکیازِ یُہ ہیکہِ ہانہٕ ژٔے وراۓ زِنٛد روٗزِتھ۔ طوطہٕ گوو اَمۍ ہنٛز یہِ دٔلیل بوٗزِتھ تیُتھ مُتٲثر زِ تَمس گو والہٕ پیلہٕ یہِ وَنُن تہٕ مُشتھے زِ ژٕ گژھہٕ فورَن بادشاہَس نِش تہٕ سُہ نیاو ناوُن معصوم بڑارن متعلق ظالم حُکم واپس۔

اَمہِ پتہٕ کینژس کالس روٗدۍ یِم دۄنوے لنٛد ہتھ ژھوپہ کٔرتھ اَکھ اَکۍ ہنٛزِ خوشی منٛز راۓ دِتھ ہوی۔ چھیکرس تہٕ گٔر طوطن گتھ۔ تمۍ وۄٚن پنٕنہِ مالکنہِ زِ سُہ کیازِ سپُد تس یِتھۍ کٔنۍ اچانک اۄتی تراۓ دِتھ نیرنس تہٕ پَنُن وطن تہٕ لوکَن نِشہٕ گژھنس مجبوٗر تہٕ بیٚیہٕ وۄٚننس

پَتہٕ زِ تِمَن نِشہِ کیاہ بوٗزِ مےٚ تہٕ وَتہِ کیاہ وُچھُم تہٕ پَتہٕ کُرِ نُس تِم زٕ خوٗبصورت پوش پیش یِم اُمۍ سمندرس نکھہٕ باغہٕ منٛز ژٕٹتھ اُسۍ اٲنۍ ہٕتۍ ۔ یِم خوبصورت پوش وُچھتھ تہٕ یِمَن مُشک ہیتھ گیہ شہزادٕ دٕی بے ہوش۔ اَمہِ اُسۍ نہٕ اَمہِ برٛ ونٛہہ تِتھۍ خوبصورت تہٕ تِتھۍ مُشکدار پوش وُچھمتۍ ۔ ییلہِ سو حبہٕ آیہ سو گیہ تہٕ ہاوِن یِم بادشاہَس ۔ بادشاہ تہٕ ساری دربٲری گٔے یِم پوش وُچھتھ حٲران۔ تِتھۍ شاندار پوش اُسۍ نہٕ یِمو وُچھمتۍ زانٛہہ تہٕ نہ اُسکھ سوٗمتۍ زانٛہہ ۔ بیٚیہ یِتھ شاندار مُشک تہِ یُس سٲری ہے محل خانس پھٲلیا و یِتھ زِ یِم مُلازِم تہٕ نوکر دوٗر دوٗر تانۍ پَنہٕ نِنہِ گرن منٛز روزان اُسۍ تِمو تہِ ژیوٗن یہِ تہٕ اَکھ اَکِس اُسۍ پرٛژھان زِ یہِ (مُشک) کتہِ آو۔

بادشاہَن پرٛژھُس '' ژٕ یٚے کتہِ اَنِتھ یِم ؟''

شہزادِ ووٗنُس '' مے دِتۍ یِم طوطَن تہٕ تِمۍ ووٗن زِ یِم چھِ سمندر بُٹھس نکھہٕ پٔرِین ہٕندِس بادشاہ سنٛزِ کورِ ہٕندِ باغہٕ کیو پوشہِ کُلو پیٹھہٕ تُلنہٕ آمتۍ ۔ تتہِ چھِ تِتھۍ ہَہہ ساس پوش تہٕ پرٛ یتھ اَکِس چھُ ہَہہ ساس روپیہ مول۔''

بادشاہَن ووٗن '' پوٗز چھُ ۔ پوٗز ۔ تِتھۍ ہوی پوش گژھَن جنتکی آسنۍ !''

پَتہٕ ووٗنُس شہزادِ زٕ ژٕ سوزُن کانٛہہ تہٕ مے خٲطرٕ اناو تِتھۍ کینٛہہ پوش۔ یہِ اوس تیٚتھ درخاس یُس سیٹھا مُشکل پوٗرٕ کرُن اوس تہٕ کرِتھ تہٕ ووٗنُس بادشاہَن زٕ بہٕ کرٕ کوٗشِش تہٕ فورَن سوٗزِن نفریم (پوش) ژھانڈنہٕ خٲطرٕ ۔ وارِیاہ دوہ پتہٕ پھیرِی یِم نفر واپس تہٕ ووٗنکھ زِ تِمَن چھُ یہِ یقین زِ تِم ہیکَن نہٕ یِم پوش زانٛہہ تہِ حٲصل کرِتھ۔ ووٗن گوو بادشاہَن تہِ ترٛاو نہٕ جلدِ ے یِم پوش ژھانڈنچ کوٗشِش ۔ تِمۍ دِیُت حُکم زِ

دُنیا کِہن مختلف مُلکن گرٛھن چِھٹہٕ پٮ۪نہٕ لکھنہٕ یِمن منٛز یہِ لکھنہٕ پیٖہِ زِ آیایم پوش ہیکہٕ نا کُنہِ مِیلِتھ تہٕ وعدٕ کوٚرُن زِ سہ دِیہِ پٔننۍ مارٕکۍ منٛز کٕورِ تَس شخصس نیٖتھرٕ یس باے سہ یُس آسہِ تہٕ سہ یُس یم (پوش) اَمِس خاطرٕ اَنِتھ دِیہِ۔ لی آو کرنہٕ مگر ژٕ ریہِ واد گُزرِتھ تہٕ ننیاونہٕ یِمن متعلق کینٛہہ۔

اَمہِ برٛونٛہہ اوس اَمِس بادشاہٕ سٔنٛدِس مُلکس منٛز اَکھ باپارٕکۍ روزان یُس سبٕھٔے زیادٕ مالدار اوس تہٕ پٔننہِ دولژ کِنۍ اَسۍ اَمِس عام لُوٚکھ سبٕھاہ عزت کران۔ لُوٚکن ہٕنٛدِ تھٔٔنۍ کرنہٕ تہٕ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ تعریف کرنہٕ کِنۍ اوس اَمِس باپارِس گھمنڈ تہٕ سخت۔ تیوٚت گھمنڈ زِ یہِ اوسنہٕ کأنٛسہِ ہٕنٛز تہٕ گژھ مانان بادشاہٕ سٕنٛز تہنہٕ۔ یِہوے گھمنڈی نفر گُزریاو اَمِس اوسنہٕ کانٛہہ شُراہ مُراہ تہٕ نہ کانٛہہ بوٗی لہذا میٖچ اَکۍ سٕنٛز سأرٕے دولت بادشٕہَس۔ سہ اوس اَمِس باپارٕکۍ سٕنٛزِ آشنہِ خاطرٕ دوکھہٕ بوٚرت دوہہ یِمہِ دوہہ اَمِس خانہٕ دار گُزریاو۔ یہِ بچارٕ اَس کمزور تہٕ علیل تہٕ بچہٕ سٕنٛز اَسس وومید وأری۔ تَس اوسنہٕ فِکری تران زِ تَس کیاہ پزٕ کرُن وۄں گوو زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ اَسس کأم کرِنۍ اَمہِ کِنۍ گیہِ سو اَمہِ مُلکہٕ کِس اَکِس کاشتکارس نِشہِ مزوٗرکۍ کرنہِ۔

پَنہٕ نِس وقس پٮ۪ٹھ زاو تَس بچہٕ۔ اَمِس اوس قسمت رُت زِ یہِ گوو بوٚڈ تہٕ سبٕھا مضبوٗط اوس۔ یِیلہِ وۄنۍ یہِ بالغ سَپدِتھ کامہِ کارس لایق سَپدِ تہٕ اَکۍ کاشتکارن سوٗزیہِ کھہَن منٛز گۄپن رِچھنہِ۔ مٔنٛزی مٔنٛزی اوس اَمِس کاشتکارس سند بِن شُربن ستۍ مدرس گرٛھنگ تہٕ وقت میلان۔

یہِ اوس اَکھ جان لٔڑکہٕ تِمہٕ کِنۍ اوس یژھان زِ یہٕ گوٚژھس بوٚڈ تہٕ گاٹُل بنُن۔

أمی ہنٛزٕ ماجہِ اوس پنٛنہِ جایہِ یہِ باسان زِ أمِس لڑکس اوس خراب ہِتارٕ ییمہِ کِنہِ أمِس کانٛہہ ناوٕ ے کوٚرُکھ تہٕ پنٛنہِ سکوٗل بأج أسِس کھرٕ یاونان تِکیاز زِ أمِس أس گلس کھٔر۔ سکوٗل ماسٹرس توٚ روٗلی وٗلی فِکرِ زِ یہِ چھُ قأبلِ تہٕ یہِ زأنتھ زِ پرِنس منٛز تہٕ اوس یہِ جان تہٕ محنتی لہٰذا اپاوأمی أمِس منٛز زیادٕ ے دلچسپی تہٕ ہیچھنوٗن یہِ تہٕ سأئلم یہِ کینٛژھا أمی ہیوٚک۔ أمی دِژٕ أمِس تحفہِ کِنہِ کتابہٕ تہٕ۔ تِتھہٕ کِنہِ پوٚرن سبق تہٕ چالاک تہِ بنٛیاو۔ سأری لڑکہٕ أسی وۄنی أمِس رشک کران۔

اکہِ دوہہٕ بنیہِ کأمانہِ کھوٚر اوس ماسٹر ہنٛزٕ گتھ تانی کامہِ خأطرِ دژ امُت تہٕ أمِس سمکھیاو بادشاہ ہنٛد بونفرو منٛز اکھ ییمی أمِس وۄن زِ ژٕ اَنتہٕ تِتھی کینٛہہ کم یاب تہٕ مأری مٔندی پوٗش۔ أمی (کھٔری) پرٕژھ أمِس "ژٕ کتہِ پیٹھہٕ آکھ؟ کمہِ خأطرِ چھکھ آمُت؟ ناو کیاہ چھی؟"

بادشاہ ہنٛدی نفرن پلنوٗس جوابس منٛز بادشاہ سُند یوٚ ہے اطلاع۔ یہِ وارٕ پرِنہٕ پتہٕ وۄنُس کھٔری "ژٕ دِمے کینٛژھا سفر خرچہِ تہٕ بہٕ اَنکھ ییم پوٗش۔ ژٕ گژھ فوٚرن بادشاہَس نشہِ واپس تہٕ تٔمِس وَن زِ سُہ وَنہِ کورِ کہنی چھنہٕ پرواے تہٕ تٔمِس دِیہِ توٚت تانی دِلاسہٕ یوٚت تانی بہٕ واتہٕ۔ ژٕ کھوٗژی زبنہٕ زِ بہٕ کیاہ دِمے ژٕ ے دھوکہٕ۔"

بادشاہ سُند نفر سپُد أمِس لڑکہٕ ہنٛدِ وولہٕ دولہٕ ورأ ے گتھ کرِنس پیٹھ خوش تہٕ أمِس ضروٗری خرچہٕ تہٕ بادشاہ ہنٛدِ طرفہٕ بند کُرِتھ چِٹھی دِتھ گو وُسہ وٗلی وٗلی بادشاہَس پنٛنہِ کامیأبیہِ ہنٛزٕ شیچھ باونہٕ خأطرِ۔

کھوٚر گوو گوڈٕ ماجہِ نشہِ تہٕ تٔمِس وۄنُن مے کیاہ چھُ کرُن۔ تمہِ وۄنُس ہتایہِ

بیقل گی مَتہٕ کرتہٕ مگر اَمی تہٕ بۄزُس نہٕ کِہنی۔ اَمہِ پتہٕ گو وِیہِ پننہِ نِس مأ لِکس تہٕ ماسٹرس یہِ وَننہٕ خأطرٕ تہٕ تِمن رۄخصت ہیتھ دژاوِیہِ سفرس پیٹھ۔ دوِیہِ ترٛیِیہِ دۄہ ہِ ووت یہِ اُکِس جنگلس منٛز ییتہِ اَمِس اکھ سبٹھے تھۄدتہٕ بۄڈ نظرِ پیٹھ وول شخصا سمکھیاو۔ اَمِس تھۄدِس نفرس اَتھس تھپھ کٔرِتھ کٔرِن اَمِس سلام۔ اَمی نفرن کوٚر رُس جواب سلام تہٕ پرٛژھنس ژٕ کُس چھُکھ؟ کتہِ پیٹھٕ آکھ تہٕ گژھُن کوٚت چھی؟ اَمی لڑکن وۄنُس سأئلم کینٛہہ تہٕ تھِہ کنٛز اَمی پننہِ ماجہِ، مأ لِکس تہٕ وۄستادس وۄنمُت اوس تہٕ کانٛہہ تہٕ گتھا تھأوِن نہٕ اَمِس ژۄرِ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر اَمی بڈی تہٕ تھۄدی نفرن اَمِس دُعایہِ خأراتہٕ دۄپ نُس گژھ نیرٕ ژٕ پوش ژھانڈنہِ۔ مگر اَمی لڑکن ترٛاوُنہٕ اَمِس توٚت تانی اَتھس تھپھ یلہِ یوٚت تانی نہٕ اَمی یہِ وۄننس زِ ژٕے کیاہ چھی گژھُن۔ ییلہِ اَمی قدآور نفرن یہِ زون زِ یہِ لڑکہٕ چھُ رُت تہٕ مجبۄری چھُس باسان تہٕ وۄننس زِ یہٕ کُس چھُس تہٕ اَمی سنٛزٕ پاکبأزی کنٛز کتھہِ کنٛز ہیکہِ یہِ تہِ سأئلم حأصل کٔرِتھ یہِ اَمِس ضرورت آسہِ۔

کھۄری وۄنُس ''یی اوسُس یہٕ ژٕے نِش یژھان تکیا زِ مےٚ باسیاو زِ ژٕ چھُکھ اکھ خدا دوس شخص تہٕ ژٕے چھی یہِ سأئلم طاقت۔ یہٕ چھُسے التجا کران مےٚ وَنتہٕ زِ مے میلنا ییم پوش رِکنہٕ نہٕ؟ مےٚ کیاہ چھُ ناوتہٕ مےٚ کیاہ چھُ قِسمتس۔''

اَمی قدآور شخصن وۄنُس ''گوٚبرا، ژٕے ہیکہِ نے ییم پوش میلتھ ژٕے چھی رُت مُستقبل تہٕ ناوگے ژٕے گُلالہٕ شاہ۔''

یہِ ونان تھوو اَمی پنٛن کھوٚو راتھہٕ اَمِس لڑکس کلس پیٹھ تہٕ آبہٕ ستی بٔرِتھا اکھ الہٕ کھوٚکھر ٹُلن تہٕ ترٛ وۄن یہِ آب اَمِس پیٹھ تہٕ اَتھی منٛز گیہٕ اَمِس کھۄرتہٕ باقی قبوٚح

أمۍ ہنٛز ماجہِ اوس پننہِ جایہِ یہِ باسان زِ أمِس لڑکس اوس خراب ہِتارِ ییٚمہٕ کِنۍ نہٕ أمِس کانٛہہ ناوِ ے کوٚ رُکھ تہٕ پننۍ سکوٗل بأج أسِس کھرٕ یاونان تِکیاہ زِ أمِس أس گلس کھٔر۔ سکوٗل ماسٹرس توٚ روٗلۍ ؤلی فِکرِ زِ یہِ چھُ قأبل تہٕ یہِ زأنتھ زِ پرنس منٛز تہٕ اوس یہِ جان تہٕ مخنتی لہذا یاوا أمۍ أمِس منٛز زیادٕ ے دلچسپی تہٕ ہیچھنوٗن یہِ تہٕ سأرِلم یہِ کینٛہہ ہاأمۍ ہیوٚک۔ أمۍ دِژٕ أمِس تحفہٕ کِنۍ کتابہٕ تہٕ۔ یتھہٕ کِنۍ پوٚرن سبق تہٕ چالاک تہٕ بنیاو۔ سأری لڑکہٕ أسۍ ووٗنۍ أمِس رشک کران۔

اکہِ دوہہٕ بنیہِ کأمازِ کھوٚ راوس ماسٹرٕ ہنٛز گنٛتھ تاتۍ کامہِ خأطرِ درٛ امُت تہٕ أمِس سمکھیاو بادشاہ ہنٛد بوٚنفر ومنٛز اَکھ ییٚمۍ أمِس ووٗن زِ ژٕ اَنتہٕ تِتھۍ کینٛہہ کم یاب تہٕ مأری مُنٛدی پوٚش۔ أمۍ (کھٔری) پرٛژھ أمِس "ژٕ کتہٕ پیٹھہٕ آکھ؟ کمہِ خأطرِ چھکھ آمُت؟ ناو کیاہ چھی؟"

بادشاہ ہنٛدی نفرن پلنووُس جوابس منٛز بادشاہ سُندیوٚ ہے اطلاع۔ یہِ وارِ پرنہٕ پتہٕ ووٗنُس کھٔری "ژٕ دِمےٚ کینٛہہ ہاسفر خرچہِ تہٕ بہٕ اَنکھ ییٚم پوٚش۔ ژٕ گژھ فورن بادشاہَس نِشہِ واپس تہٕ تِمس وَن زِ سُہ وَنہِ کورِ کہنۍ چھنہٕ پرواے تہٕ تِمس دِیہِ توٚت تاتۍ دِلاسہٕ یوٚت تاتۍ بہٕ واتہٕ۔ ژٕ کھوٚ ژی زبنہٕ زِ بہٕ کیاہ دِمےٚ ژےٚ دھوکہٕ۔"

بادشاہ سُند نفر سِپُد أمِس لڑکہٕ ہنٛدِ وولہٕ دولہٕ ورأ ے گنٛتھ کرنس پیٹھ خوش تہٕ أمِس ضروٗری خرچہٕ تہٕ بادشاہ ہنٛدِ طرفہٕ بند گرِتھ چِٹھی دِتھ گو وسُہ ؤلی ؤلی بادشاہَس پننہِ کامیأبیہِ ہنٛز شیچھ باونہٕ خأطرِ۔

کھوٚ ر گوو گوڑ ماجہِ نِشہِ تہٕ تِمس ووٗنُن مےٚ کیاہ چھُ گرُن۔ تمہِ ووٗنُس ہتایہِ

بیقل گی مَتہٕ کرتہٕ مگر اَمی تہٕ بۄزس نہٕ کہنہِ۔ اَمہِ پتہٕ گوو یہِ پننہٕ نس مأ لکس تہٕ ماسٹرس یہِ
وَننہٕ خاطرٕ تہٕ تِمن رُخصت ہیتھ دژاو یہِ سفرس پیٹھ۔ دوٚیہ ترٛینہِ دۄہ وۄوت یہِ اَکس
جنگلس منز ییتہٕ اَمس اکھ سبٹھے تھوٚد تہٕ بۄڈ نظر ینہٕ وول شخصا سمکھیاو۔ اَمس تھٔدِس
نفرس اَتھس تھپھ کٔرتھ کٔرن اَمس سلام۔ اَمی نفرن کوٚرُس جواب سلام تہٕ پرٛژھنس
ژُکس چھُکھ؟ کتہِ پیٹھہٕ آکھ تہٕ گژھُن کوٚت چھی؟ اَمی لڑکن وۄنُس سأئلم کینہہ تہٕ تھہٕ
کنہٕ اَمی پننہِ ماجہِ، مأ لکس تہٕ وۄستادس وۄنمت اوس تہٕ کانہہ تہٕ گتھاتھاأون نہٕ اَمس
ژۄرِ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر اَمی بڈی تہٕ تھٔدی نفرن اَمس دُعایہِ خأراتہٕ دۄپ نس گژھ نیرٕ ژ
پوٚش ژھانڈنہٕ۔ مگر اَمی لڑکن ترٛاونہٕ اَمس توٚت تانی اَتھس تھپھ یلہٕ یوٚت تانی نہٕ
اَمی یہِ وۄننس زِ ژٕے کیاأز چھی گژھُن۔ ییلہِ اَمی قدآور نفرن یہِ زون زِ یہِ لڑکہٕ چھُ
رُت تہٕ مجبوٗری چھس باسان تہٕ وۄننس زِ یہٕ کُس چھس تہٕ اَمی ہٕنزٕ پاکبأزی کنہٕ کتھہٕ
کنہٕ ہیکہِ یہِ تہِ سأئلم حأصل کٔرتھ یہِ اَمس ضرورت آسہِ۔

کھٔری وۄنُس "پی اوسُس یہٕ ژٕے نش یژھان تکیازِ مےٚ باسیاو زِ ژ چھکھ
اکھ خدادوس شخص تہٕ ژٕے چھی یہِ سأئلم طاقت۔ یہٕ چھسے التجا کران مےٚ وَنتہٕ زِ مے
میلنایم پوٚش رِکنہٕ نہٕ؟ مےٚ کیاہ چھُ ناوتہٕ مےٚ کیاہ چھُ قسمتس۔"

اَمی قدآور شخصن وۄنُس "گوٚبرا، ژٕے ہیکہِ نے یم پوٚش میلتھ ژٕے چھی
رُت مُستقبل تہٕ ناوگے ژٕے گلالہٕ شاہ۔"

یہِ ونان تھوو اَمی پتن کھوٗرا تھہٕ اَمس لڑکس کلس پیٹھ تہٕ آبہٕ ستی برٔتھ اکھ
الہٕ کھوکھر ٹلن تہٕ ترٛووُن یہِ آب اَمس پیٹھ تہٕ اَتھی منز گیہِ اَمس کھٔرتہٕ باقے قبوٗح

دۂ رتہٕ وۏنی اوس یہِ سبٹھاہ خۆبصورت۔ یَیلہِ أکی یہِ موکلو وُکرِتھ تہٕ وۏنُس أمی نفرن زِنیر ژٕتہٕ کھۆریام دزِاوتہٕ أمی کۆ رنُس بیٚیہِ دُعاے خیر۔

کینژٕ دۏہ ووت کھۆرأ کَس جایہِ تہٕ اَتہِ رۆ دأ کَس بُڈ موٗنڈِ زنانہِ ہٕنزِ س گرَس منز یوسہٕ أتی روزان أس۔ یہِ اوس أمِس بُچہ سخت مہربان تہٕ أمِس اوس کھٮ۪ن چَن دِوان تہٕ باقے تہِ مدد کران۔ پزٕ بتھ دوہہٕ اوس شہرس اورِ یور پھیران تہٕ دوہے اوس بُچہِ خاطرِ کینٛہہ لوکُٹ بۆڈ چیز اانان۔ اکہِ دوہہٕ صُبحے اوس یہِ بادشاہٕ سِنزِ س محل خانس نکھہٕ دٕریاوس پیٹھ سران کران تہٕ اَتہِ پیٚیہِ اچانک شہزادِ أمِس پیٹھ نظر تہٕ یہِ تھۆد تہٕ خۆبصورت وُچھتھ سۏزتمہِ أمِس بُلاونہٕ خاطرِ پنُن اَکھ نوکر تہٕ یہِ گو وأمِس نِش۔ کھُری وۏنُس اَدِ کیاہ بٕہ یمہٕ تہٕ سُہ آو محل خانہٕ کَس باغس منز أکس جایہِ واتناونہٕ یوسہٕ شہزادِ مُقرر أس کرٕمژ۔ وارٕ یَہن دوہَن أسی یمِ أتی پانہٕ وأنی سمکھان۔ یٕوت یٕوت یمِ پانہٕ وأنی سمکھان رۆدی تیٚوت تیٚوت گنیہِ یمن اَکھ أکی سٕنز ماے۔ چھیکرس کۆر شہزادِ ارادٕ زِ بٕہ کرٕ کھُرس سٕتی نیتھر تہٕ گیہِ مأجس ماجہِ نِشہِ تمن اجازت منگنہِ۔ لأزم اوس زِ بادشاہ تہٕ ملکہ یۆژھ زِ یہِ جوان وُچھہون گوڈٕ تہٕ بیٚیہِ کرہاو أمِس متعلق کینٛہہ معلوم لہٰذا آیہِ أمِس شیٚچھ سوزنہٕ زِ ژٕ یہِ بادشاہَس نِش۔ اَمہِ پتہٕ کیٚہ کأنٛسی یَیلہِ بادشاہَن یہِ وُچھ زِ یہِ چھُ جان، گاٹُل تہٕ أمِس زامتُر بَنُن لایق تہٕ تمی کۆرکورِ أمِس سٕتی کھاندر۔ کھاندرس پِیٚہ بڈٕ شاندار پأٹھی تہٕ پٕنٛسہٕ یا بیٚیہِ کُنہِ رنگہٕ أسنہٕ کانٛہہ کمی۔ پزٕ بتھ کانٛہہ انتظام اوس بڈس پیمانس پیٹھ تہٕ پزٕ بتھ کینٛہہ سٕپد سبٹھاہ خوٗشی سان۔ گُلالہٕ شاہ، تیٚمہِ ناوٕ وۏنی یہِ زانٛنہٕ اوس یِوان، اوس دوہے دربار گژھان تہٕ تمی سٕنز پزٕ بتھ

کانٛہہ گتھ اُس ہمیشہٕ سٮ۪ٹھہٕ توجہ تہٕ احترامہٕ سان بوزنہٕ یِوان۔ اُمۍ سٕنٛز وکوشش وٕ کٔنۍ آے کینٛہہ رٕتۍ تہٕ انصافس پٮ۪ٹھ مبنی قونون لاگو کرنہٕ تہٕ پرأنۍ کینٛہہ غلط چیز آے ٹھیک کرنہٕ۔ یتھہٕ کٔنۍ اُسۍ وۆنۍ سأری بدکارٕ شُر کمِن ژاٹۍ تہٕ یم تہٕ لۆکہ رٕژر تہٕ بجأیی اُسۍ یرٕ ھان تٔمن اوس اَتہٕ پناہ تہٕ پُشت پنأہی۔

اکہٕ دوہہٕ وۆن گُلالہٕ شاہَن بادشاہَس زِ مےٚ دِتہٕ اجازت بٕہ یمہٕ ہلہٕ از دربارٕ تہٕ بٕہ گژھہ ہاشِکارَس۔ بادشاہَن مونٛس فورنے تہٕ حُکم کوٗرُن زِ کینٛہہ گُری تہٕ سپاہ گژھن اُمِس ستۍ دِنہٕ تِنۍ۔ سمِنٛز دوہَس ییٚلہِ یم شکارَس دورنِس منٛز مست اُسۍ تہٕ سُہ گُرژوٗل یَس پٮ۪ٹھ گُلالہٕ شاہ سوار اوس۔ یہِ دوریاوتیٚوٚت تیز زِ دۆیم کانٛہہ گُر ہیوٚک نہٕ اُمِس پۆشِتھ یتھہٕ کٔنۍ ووت کٕہے کالۍ گُلالہٕ شاہ ترٛژھِ جایہِ ییٚتہِ سُہ گنٛے زۆن اوس تہٕ کانٛہہ اکھا تِہٕ مدد کرنہٕ خأطرٕ اوٗسُس نہٕ۔ اچانک ٹھُہر یاوِہ ژلہٕ وۆن گُرتکیاوٕ زِ اُمِس اوس اکہٕ ترٛژھِہ ہانکلہِ ستۍ ڈنگ لۆگمُت یوسہٕ نہٕ بوزنے اُس یِوان۔ گُلالہٕ شاہَس باسیاوٕ زِ گُر آو کمہٕ تانۍ غأبی طاقتہٕ کٔنۍ گنٛڈنہٕ تہٕ سُہ وۆتھ گُرِ پٮ۪ٹھہٕ یوٚن تہٕ پننۍ تیرٕ تہٕ کمان ہتھ کھوٚت نکھہٕ تلہٕ کَس بالَس یتھ زِ اَتہِ کینٛزٕ ھاشکار کرنہٕ خأطرٕ ژھانٛڈِ ہے۔ ہیوٚر پٮ۪ہن کھٔسِتھ وُچھ اُمۍ اَتہِ اکھ لوکٕٹ ناگا یمہٕ کَس بٔٹھس پٮ۪ٹھ اَکھ گُل اوس کھوٚتمُت یتھ اَمہِ ساتہٕ برجستہٕ پھلے اُس۔ تٔمۍ دیٚت اُتھ گُلِس تلہٕ گنہِ تھکھ تہٕ یام سُہ پتھر بیۆٹھ تہٕ اورٕ آو اَکھ پۆنز۔ اُمۍ کوٚر ارادٕ زِ بٕہ لایہِ اُمِس تیرٕ تہٕ گوٚنڈن نشانہٕ مگر پٔنٛزِس تِتھے اُمۍ سُند اِرادٕ فِکرِ توٗر سُہ ژوٗل تیزٕ تہٕ ژاوٚن ناگس منٛز ووٚٹھ یمہٕ کٔنۍ گُلالہٕ شاہ سٮ۪ٹھہٕ حأران سپُد۔ سُہ رۆودتھ جایہِ وُچھان ییٚتہِ پٔنٛزۍ آبس منٛز ووٚٹھ اُس ترٛاوِمُت

تہٕ راے اَمِس زِیہٕ کھسہِ ژُنی نتہٕ وُنی آبہٕ تلہٕ ژُبارٕ۔

مگر وُچھتو وۆنی اورٕ کھۆرٕ اَکھ خوٗبصورت کوٗریس قٖیمتی موزحتہٕ مال لاگتھ اَس۔ سو آیہٕ گُلالہٕ شاہس کُن تہٕ کوٗرنس میوٗٹھ۔ گُلالہٕ شاہ سپُد یہِ ڈیشتھ انتہاٰیی حاٰران مگر رُتتہٕ پاکباز آسنہٕ کِنہٕ ڈوٗل نہٕ ہوشو۔ اَمِس پرٕژھُن زِ ژٕ کوسہٕ چھکھ تہٕ یِیلہِ فکرٕ توٗرُس زِیہٕ پچھے جواب دِنس لوٗبِے ہوان اَمِی دِژِس دھمکی زِ ہر گانہٕ ژٕ جل جل وَنکھ یہٕ ژٕ ھنتھ ماٰرِتھ۔ سو کھوٗژتہٕ وۆننس۔

"مےٚ چھُ ناو پنج پھول تہٕ میوٗن مول چھُ یمہِ مُلکُک بادشاہ یُس پرٕ ییٚن ہُند چھُ۔ بہٕ چھس ژٕ تہٕ رُتے کرنچ چھس کوٗشِش کران تہٕ پرٕ ہتھ کانٛہہ چھُ مےٚ لول بران۔ بہٕ یِیلہِ وارِیہہ لوکٹ اَمِس تہٕ میاٰنی ماٰلی سونچ زِ بہٕ گرٕ اَمِس پَنہٕ نِس زِ ٹھس دوٗ ارپتی (دَربان) سِنٛدِس نیچوٚس سٟتی۔ اَدوہہ آو گنڈنہٕ تہٕ پوٗرٕ تیاٰریہٕ سپُز تہٕ وۆنی اَسی کھاندرس کیٚہہ دوہہ تہٕ زِ ٹھس دربان سُند نیچو گوو دودٕشکی پاٰٹھی پَنہٕ نبن سٟتی باجبن سٟتی گنڈنہِ۔ تِمو اَسی وزیرٕ بادشاہ گنڈان مطلب اَکھ لڑکہٕ اوس بادشاہ تہٕ بیاکھ وزیر بنان تہٕ باقے اَسی ملکٕکی باقے عوہدٕ دار بنان۔ پرٕ ہتھ کانٛہہ اوس اَتھ گندنس منز تتھے پاٰٹھی کتھ باتھ کران تہٕ ووتھان بیہان یتھہٕ کِنہٕ ییٚمن منصبن ہِنٛدی لوٗکھ کران چھِہ۔ اَمہِ دوہہٕ اوس دربان سُند نیچو بادشاہ بنیوٗمُت تہٕ سہٕ اوس بادشاہ سٟنزٕ جایہِ بِہتھ۔ تِمو اَسی پانہٕ واٰنی گندان زِ اصلی بادشاہ سُند نیچو دزٕ اولیاٰرکی تہٕ یہٕ گندُن وُچھتھ دِتُن اَمِس شاپھ "گرٕ ھ پرٕ ییٚن ہِنٛدِ مُلکہٕ منز فناتہٕ پَتہٕ یہٕ عام لوٗکن منز زَمس" اَمہِ شاپھہٕ کِنہٕ موٗ دوٗلی ژٕکی دربان سُند نیچوتہٕ پَتہٕ لوٗبُن ژُبارٕ عام لوٗکن منز زَنم۔ مےٚ ووٗن اکہٕ

ویٚسہِ اُکی ہِنٛدِ مرنک تہٕ یہِ بوٗزِتھ سپُد مےٚ سیٚٹھاہ دوکھ تکلیاز مےٚ اوس دربان سُند یہِ نیچو سخت ٹوٗٹھ تہٕ مےٚ چھُ اِرادٕ زاگرٕ بہٕ کرٕ تیلہِ کرٕ تمی سےٚ ستی کھاندر۔ بادشاہ تہٕ ملکہ کرے یہِ سخت کوٗشش زِ بہٕ پھیرِ امہِ کوچہِ مگر بہٕ چھُس پنٕنہِ نِس وعدس پیٹھ ڈٕٹتھ۔ بہٕ چھس ہمیشہِ رُت کران آمرٕ تہٕ پاکباز لوٗکن ستی چھُس گتھ باتھ کران۔ اَز آیس بہٕ یتھ جایہِ پوٗز اکرنہِ۔ اکہِ دوہہٕ آو یوٗت اکھ پارسا شخصا تیمس بہٕ سیٚٹھا محبت چھُس کران تہٕ مےٚ باسیاوسے ماسمکھ مےٚ از دُبارٕ۔ سہٕ اوس مےٚ خوش تہٕ یہِ کینژھاہ بہٕ منگان اُس سَس تہٕ اوسُم دِوان۔ اکہِ دوہہٕ پڑژھ مےٚ تَس زِ بہٕ کتھٕ کٔن ہیکن ووٗنی دُبارٕ دربان سُند نیچو وُچھتھ یُس زن عام لوٗکن ہِنٛدِس زٕمس منٛز آمت چھُ۔ تمی ووٗن مےٚ زِ بہٕ زانن سہٕ لڑکہٕ تہٕ تمِس چھِ گلالہٕ شاہ ونان تہٕ ہرگاہ بہٕ کرٕ ہِنٛدِس ونس پیٹھ پگہٕ تیلہِ ہیکن بہٕ سہٕ وُچھتھ تہٕ مےٚ ووٗن تَس بہٕ کرٕ بلکل تی یہِ ژٕ وَنہم۔ تمی ووٗنم "حبس تھاوِ زِ تہٕ یہِ گتھ تہٕ زاُنی زِ بادشاہ ترٕ آدی ژٕےٚ اتھ منٛز بردس طلسم تہٕ باقی طریقو ٹھُری۔ پتہٕ دِژ تمی مےٚ یہِ موختہٕ مال۔ یتھ یہِ خاصیت چھےٚ زِ تیمس یہِ لاٗ گتھ اُسہِ تمِس چھُنہٕ کانٛہہ جود پوران۔ بہٕ چھسن یہِ مال لاٗگتھے تھاوان تہٕ اتھ چھُس پوٗرٕ اچھ کران۔ یتھ زِ مےٚ پٔتن مقصد پوٗرٕ سپد۔ تمہِ دوہہٕ گیس پتہٕ بہٕ گرٕ واپس مےٚ ووٗن گوڈنیتھے پنٕنہ نِس ماٗلس تہٕ ساٗلم یہِ مےٚ گلالہٕ شاہَس متعلق بوٗزِتہٕ التجا کوٗرمس زِ ژٕےٚ یوٗت جلد ممکن سپدی تیوٗت جلد کرتہٕ سانہِ کھاندرُک انتظام۔ بادشاہن ییلہِ یہِ بوٗزِ تَس گو سخت مشکل تہٕ مےٚ ووٗن زور دِتھ زِ ژٕ مےٚ سوچ ووٗنی بلکل تہٕ تمِس متعلق ییٚہِ تہٕ ییلہِ سہٕ ووٗنی عام لوٗکن منٛز چھُ۔ یہِ اوس تیٚتھ اکھ معاملا تیمہِ کٔنہ سوٗنِ کھاندر ممکن اوس تکلیاز یہِ اوس پوٗرٕ

پرٛستانٛک توہین۔ مگر ئہ اُسس نہٕ پننہٕ ہنہٕ ڈلان لہذا اگر بادشاہَن مےٚ ستۍ تیز رٕسان گتھ تہٕ مےٚ تہٕ دِتس یورٕ تیز جواب تہٕ بڈٕ شرارتہٕ ہٕژ درایس محل خانہٕ منٛز۔ یہٕ چھےٚ میٲنۍ کہٲنی۔ اے دوستہٕ ہرگاہ ژٕ مےٚ مدد کرنہٕ خاطرٕ کینہہ کٔرتھ ہیکَکھ یتھ زَن گلالہٕ شاہُن مےٚ کینہہ پےٚ پتاہ میلہٕ ہے تہٕ کرتہٕ۔ بہٕ روزٕ ہمیشہٕ چانۍ شُکر گزار۔"

یہٕ اوس عجیب اتفاق! گلالہٕ شاہن وۄن اَمس زِ سہٕ گس چھُ تہٕ کورنس میۄٹھ۔ تَمہٕ پتہٕ زٕ نو وسہٕ تہٕ اَکہ ہنٛدِس اَتھس تھپھ کٔرتھ وۄنُن۔ مےٚ لۄب پَنُن سہٕ محبوٗب یُس مےٚ سبٹھا کالہٕ پتھہٕ روومُت اوس۔ بہٕ روزٕ وۄنۍ ہمیشہٕ اَکہ سےٚ ستۍ۔"

اَکھا کہ ہنٛدِس اَتھَس تھپھ کٔرتھ دراے تم اَمہٕ ناگہٕ نِشہٕ تہٕ واتۍ تتھ جایہٕ ییٚتہٕ گُر ووہٕ نۍ اوس۔ دۄنوے کھٔتۍ گُرِس یُس وۄنۍ شانٛت اوس تہٕ درائے یم گُرِس کھٔستھ اَکہ ہنٛدین مُلازِمن تہٕ باقےٚ گُربن کُن یم بادشاہَن اَمس ستۍ اَسۍ دِتۍ متۍ تہٕ پتہٕ آے یم گلالہٕ شاہُن گرٕ واپس۔

اور واتۍ تتھ سمکھاو گلالہٕ شاہَن پنٛچ پھۄل پننہٕ آشنہٕ۔ دوشوے شہزادٕ آسہ اَکھ اَکِس سمکھنَس پتھ خوش باسان تہٕ کینٛژَس کالَس روزٕ خوش پٲٹھۍ یکجا یوٚت تانۍ اکہٕ دوہہ (شہزادٕ ہنٛزِ) گوڈنچہ آشنہٕ پنٛچ پھۄلہٕ وۄن زِ مےٚ دِژنہٕ موختہٕ مال۔ پنٛچ پھۄلہٕ وۄنُس تہٕ ہیکہٕ نہٕ بہٕ کٔرتھ تکیا زِ یہٕ چھےٚ مےٚ زۄچ راچھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہٕ زانٛہہ ہَتہٕ منٛز کڈِتھ۔ گوڈنچ زنانہٕ رۄزِس پھِرۍ پھِرۍ امہٕ خاطرٕ زور کران تہٕ ییٚژ ےخو بصورت تہٕ قیمتی مال ادلہٕ بدل دِنک کوٚرنس وعدٕ ہرگاہ سو اَمس یہٕ کینٛژَس کالَس دِیہ ہے۔ مگر پنٛچ پھۄل اُس پننہٕ کتھہٕ پتھ تہٕ کوٚرنس انکار۔ سو گیہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ ستۍ یہٕ مال گرِ کھنٛجہٕ دِنہٕ

خاطرِ تیار۔ اَمہِ وجہ کنۍ سپز گوڈنچ زنانہٕ ناراض تہٕ گیہِ تہٕ وۄنُن گلالہٕ شاہَس پننہٕ لڑلیہِ ہُنٛد تہٕ وۄننس ژٕ گژھ تہٕ ہیس مال تہٕ اُمی کوٗرس وعدٕ زِ بہٕ کرٕ کوٗشش تہٕ کرٕ یہِ (کأم)۔ ییٚلہِ گُلالہٕ شاہن پنٛچ پھۄلہِ مال مُنٛگ تمہِ کوٗرس گوڈنکی پأٹھی انکار تہٕ وۄننس زِ اَتھ منٛز چھُ میانہِ زندگیہِ ہُنٛد سِر۔ تہٕ یہِ چھےٚ پرٛ بتھ خاطرٕ، بیمار تہٕ آزمأیشہِ نِشہِ بچنک تعویز تہٕ ہرگامےٚ یہِ نِنہٕ ییہِ بہٕ ہیکہٕ بیمار گژھتھ یا تیٚم مصیبت نتہٕ تٔم توہہِ نِشہِ تہٕ مرٕ۔ وۄں گو وگلالہٕ شاہَس کتہِ کرِ ہے انکار لہٰذا اِدٕژ پنٛچ پھۄلہ اُمی سِنٛدِ لولہٕ یہِ مال اُمس تہٕ اُمی دِژیہِ بیٚیس زنانہِ۔

اَمہِ پتہٕ کمے کألی گیہِ پنٛچ پھۄل غاب۔ یہِ پتاہ لگتھ کوٗر گلالہٕ شاہن، تمی سنٛزِ گوڈنچہِ زنانہِ تہٕ تمام گرٕ بأژو ماتم تہٕ وۄ دُکھ۔ تموٗ سارِوے دِژ باکہٕ ''اَسہِ کیاہ کوٗریہِ؟ اکہِ معمولی چیز خاطرٕ راوٕ راَسہِ پنٛنۍ ٹأٹھ پنٛچ پھۄل۔ سوٗ کژاہ تابعدار اُس پننہٕ نِس خانہٕ دارس! سوٗ کژاہ پُرخلوٗص اُس گرس منٛز!۔ سارِنے رٕکھ اُس مہربان تہٕ پرٛ بتھ کأنسہِ اُس لول بران! افسوٗس! افسوٗس! اَسہِ کیاہ زِ کوٗریہِ! سانی کنۍ موٗیہِ مأنی یہِ ٹأٹھ!''

پتھ رۄد گلالہٕ شاہ تمس اوسنہٕ دِہ کھس منٛز کہنۍ تہٕ فکرٕ تران زِمےٚ کیاہ پزٕ کرُن سہٕ اوس راتس دوہَس ودان۔ اُخرس پیو سہٕ ژھیٚنتھ تہٕ گوو بیمار۔ اِرادٕ کوٗرُن اَتہٕ نیرنک تہٕ تمہٕ پوٗش ژھانڈنک یموٗ خاطرٕ سہٕ گوڈٕ درٕ امُت اوس۔ بادشاہن ییٚلہِ وُچھ زِ یہِ چھُ کمزور تہٕ زأوِیل سپدان تمی موٗنس تہٕ دِیُنس سفرٕ خأطرٕ خرچہٕ۔

لہٰذا دراو وۄنۍ گُلالہٕ شاہ تہٕ دوٚیمہِ دوہہِ ووت پرٛستان کس بألس پیٹھ تتھ جایہِ ییتہِ اُمی گوڈنکہِ پھِرِ پنٛچ پھۄل وُچھیہِ۔ سہٕ کھوٚت ہیوٚر رہیوٚر ریوٚت تانی سہٕ

أ کس وَتہِ پیٹھ ووت یپاُرِ اُکی پانس کُن زِ نفر یوان وُچھ۔ یم اُسی پُرستان کس بڈِس وزیرِ ہندی زِ نوکر۔ وزیرَس اوسہٕ پانس کانہہ شُراہ یُس اُمس پتہٕ اُمی ہندِس مَرِس ژونگ زالہِ ہے لہٰذا اوؤنُس آشنہٕ زِ ژِ سوزُ کھ کینژہہ نفر اَتھ ساُری ہے علاقس (منز ووٗن دِنہٕ) تہٕ تِمن دِہدایت زِ توٕ اَنِن تِم پانس ستی اُ کس تِتھس لڑکس یُس سو آرامہٕ سان مونگتہٕ ہیکہِ رٕٹتھ۔ یم نفر پھیری پڑ بتھ انڈ تہٕ دوٗر دوٗر تانی واُتی مگر وُنیس تانی اوسُکھ نہٕ یتھ کانہہ شخصا سمکھیو مُت۔ یم اُسی ووٗنی بوچھِ ہُتی تہٕ کاُفی پریشاُنی منز مگر یم اُسی نہٕ وزیرَس نِش ژھرٕ وے اتھو گرٕ ھنٕگ جرات کران۔ یِیلہِ یِمو گُلالہِ شاہ وُچھ یِمن آو گوڈنیُک خیال یہِ کھمون اُسی۔ مگر پتہٕ یِیلہِ یہِ بڈٕ گاٹُل تہٕ ماُری موٗند وُچھکھ تہٕ یِمو کوٗر رفاصلہٕ زِ یہِ نمون وزیرَس نِش۔ گُلالہِ شاہ آو رَٹنہٕ تہٕ آو پرستان کس شہرَس منز بڈِس وزیرِ سُند گرِ نہٕ۔ یِمو نوکرو دِیُت یہِ باس زِ یہِ چھُ اُکس پرٕی ہُند نیچو یو سہٕ وزیر سنٕزِ زنانہِ ہنٛزِ بینہٕ اُس یُد وَے زن تِمس یہِ پتھے اُسنہٕ۔ بوٗڈ وزیرِ، تِمی سنٕزِ آشنی تہٕ پڑ بتھ کانہہ یُس گُلالہِ شاہَس وُچھان اوس تِمس اوس یہِ خوش کران لہٰذا ابیوٗ ٹھ ووٗنی سُہ اُتھی گرَس منز تہٕ پڑ بتھ جایہِ اوس ووٗنی اُمی سُند (بڈِس وزیر) وارث زانہٕ یوان۔

وزیر اوس پڑ بتھ دوہہٕ دربارَس منز حاضِر روزان تہٕ شامس باُ گی اوس سُہ دُہچہِ کامہِ کنٕز ژھیٛنتھ تہٕ ہرِتھ گرِ واپس واتان تہٕ سُہ اوس اُمس مونگتہٕ نیچوٗس ناد دِتھ انان تہٕ اُکی ہے ستی کتھا کتھا کرِتھ وقت گزاران۔ یِتھہٕ کنٕز اُسی گاُنٹہٕ وادنیران۔ گُلالہِ شاہ اوس اُمس دربارٕچ شیچھ خبر تہٕ پڑ ژھان تہٕ بوٗڈ وزیر اوس اُمس پڑ بتھ کینژہہ ونان۔

اکہِ راُ ژ ژپری پژھے اُ کس زیچھ کتھ باتھہِ منز ووٗنس بڈی وزیرن زِ اَزِ سیٛد دربارَس

منز سبٹھہے عجیب معاملہٕ تِکیازِ بادشاہ اوس پننہٕ کورِ پنج پھولہِ سخت ناراض۔ییمہِ گُلالہٕ شاہ ناوِ کس اُکِس عام نفرس ستی وٲنٛرٕ اُس تہٕ بیٚنہٕ کاٚنسہِ ستی کھاندر کرنس اُس انکار کران۔ سوٲس زٕجرٕ تہٕ واریٛہس کالس اوسنہٕ تُنٛد کانٛہہ بیاہ پٲغام۔ مگر باشاہَن اُئی سو سبٹھہے کارگر جادٕ ذریعہٕ واپس تہٕ وۄنی اوس تَس سخت سزا دِیُن۔ تٔمۍ سُند پان اوس ہچہٕ منز بدلاٚوِتھ سہٕ اُکِس باغس منز ترٛاوٕ جایہٕ تھاوُن۔ یَتھ ساری وُچھتھ ہکہٕ ہَن یُتھ زَن پرٕی یہِ کور ہن۔ یُتھ کینٛہہ کرنس ہِہن روزِ ہے۔

یہِ بوزان گوو گلالہٕ شاہَس پنُن پان ڈنجہِ تھاوُن سبٹھا مُشکِل۔ تٔمۍ وۄن پانٕسے ستی ''گوو۔ پنج پھوٚل چھےٚ ییتی۔ تمہِ ترتھٕے پنٛز موختہٕ مال کٔڈ سو آسہِ تے ساعتہٕ واپس پنُن ملک اَننہٕ آمٕرٕ تہٕ وۄنی چھےٚ سو میانی اَترِ کنٛ شاید سخت مصیبت وتراوان۔ افسۄس! افسۄس!

چھکیرس کوٚر اُکی پننہٕ نَین جذباتَن پیٹھ قابو تہٕ پرٛژھُن وزیرس زِ پنج پھوٚل ہیکہِ نا کُنہِ طریقہٕ امہِ سزاِنشہِ موکلاونہٕ یِتھ۔ وزیرَن وۄنُس۔ آہر گا گلالہٕ شاہ یِتھ ہیکہِ تہٕ اَتھ ہچہٕ پوتلس نار دِتھ سۄر کرِتہٕ سہٕ سۄر باغس سمنٛزس مۆجوٗدناگس منٛز تراوِتیلہِ یِیہ سو یِتہٕ پننہِ اصلی شکلہِ منز واپس۔

گلالہٕ شاہَن ییلہِ یہِ بوٗزُسہٕ گووبڈٕ خوش تہٕ وزیرس الوداع کرِتھ گو وپننہٕ نِس کمرس منز۔ مگر سو گیتِ ییہِ ہبس ہِنٛدٕ رتَس آسہٕ اُچھ وَژھے۔ تٔمۍ سُند ذیٛہن اوس واریٛہہ پریشان۔ ییلہِ تٔمس یہ پۆرٕ یقین سپُد زِ گرس منز ییٚہ سارِنے پۆرِ ہندٕ رسہٕ وۄتھ تہٕ ووت سِر پاٹھی پنج پھوٚلہِ ہِنٛدِس باغس منز۔ یہِ ہچہٕ پوتُل ژھٔنُن زالِتھ تہٕ سۄر

ژ ووٗن ناگس منز اَمی ژ ووسوٗ رتہٕ وُچھتو اوٚر گٕژھ پنٛچ پھوٗل برابر تتھےٚ پاٚٹھۍ یتھہٕ پاٚٹھۍ سوٗ بالہٕ انٛدٕ کہٕ ناگہٕ منٛزٕ اَمی کھسان وُچھمٕژ اُس۔

''میانۍ ٹھاٹھۍ۔ میانۍ پنٛنۍ گلالہٕ شاہن وۄنُس'' بہٕ کوتاہ کمینہٕ بنیوٚس پنٛنہٕ بیوقوفی کِنۍ ژِ ژےٚ پیٚنۍ یژھ ازمایش وتراوٕنۍ؟ مےٚ دِ معافی تہٕ وَنُم ژِ ژٕ ژ اوکھنہٕ مےٚ دُبارٕ زانہہ۔ یکھ اَسۍ نیروتہٕ پھیرواز اَنۍ علاقَن یوٚت نہٕ چاٚنس جابر ماٚلی سٕنٛدی اتھہٕ ژےٚ تاٗنی واتِن۔''

پنٛچ پھولہٕ دِتُس جواب ''میانہٕ ٹاٹھہ آشہٕ۔ مےٚ کوٚر مےٚ ژےٚ معاف مگر ژےٚ ستی نیرن چھُنہٕ میوٚن طاقت تِکیازِ بہٕ چھُس ماٚلی سٕنٛدِس اختیارس منز تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ پنٛنہٕ تعویز مالہٕ وراٚے تِمس نشہٕ اور یور ڈٕلتھ بہٕ یپاٚرِ تہٕ پھیران آسہٕ سہٕ ہیکہٕ مےٚ تتہٕ پتھہٕ واپس اَنتھ تہٕ تمہٕ پتہٕ سپٕدِ میوٚن حال ییٚتمہٕ کھوتہٕ تہٕ اَبتر۔ نیر ژٕ بہٕ چھسے ژےٚ التجا کران نتہٕ واتی ژےٚ تہٕ نقصان تہٕ دُعا کٔری ژِ یتھ بادشاہَس مےٚ پتھ رحم ییہٕ ییلہٕ سہٕ یہٕ بوزِ ژِ بہٕ چھُس واپس زِنٛدٕ آمٕژ کرنہٕ۔ میانہٕ سارِوے کھوتہٕ ٹاٹھہٕ۔ نیر فورن تہٕ ژٕ ژھِ جایہٕ گژھ یوسہٕ چانہٕ خاطرٕ ییمہٕ کھوتہٕ محفوظ آسہٕ۔

گُلالہٕ شاہن وۄن اَمِس پَتہٕ تہٕ سوٗرےٚ یہٕ تَس ستی سپُد مُت اوس سہٕ کتھہٕ کِنۍ اوس اَمِس ژھانٛڈنہٕ خاطرٕ پھیران تہٕ وۄنی چھُ اَمہٕ مُلکہٕ کِس بڈِس وزیرٕ سٕنٛد مونکتہٕ نچُویُس تَس پتھ پۆرٕ بھروسہٕ چھُ کران۔ نیران نیران دوپنس بہٕ ییٚ ژےٚ بیٚیہٕ سمکھنہٕ تہٕ ہرگا بادشاہ ژےٚ توتہٕ بیٚیہٕ سزا ایژھی دِیُن مےٚ بِنہٕ تمیک علاج تہٕ واپس ییتھ کربہٕ تی۔

دۄیمہِ دوہہِ ضُمس یێلہِ شاہی رأ چھدرووٗ چھ زِ پنٛج پھوٚلِ چھےٚ بێیہِ زِندٕ گمٕتۍ تم گۍ تہٕ وۄنۍکھ بادشاہَس ۔ بادشاہ سپُد کأنی حأران تہٕ سۄ زُن تس ناد ۔ تتھےٚ سوبہٕ وۄنھ کُن وأژتہٕ تمۍ وۄنُس "ژٕ ،کتھہٕ کنٕ آیکھ بێیہِ اَسہِ تفریق تلنہٕ ؟ گوڈٕ بٕنے ژےٚ سَرُ پھ تہٕ ہُتھ جنگلس منٛز ژھانڈٕ پنٕنہِ روزَن جاے" أمۍ ہووأمس أکِس اندس کُن یپأرۍ اَکھ گوٚن ، کھری دار جنگل اوس ۔یَتھ منٛز مختلف قسمن ہنٛدی وحشی درندٕ روزان أسۍ ۔ تہٕ لی سَپُد تہٕ ۔

تمہِ دوہہ شامَس ییٚلہِ بوٚڈ وزیرگرٕ واپس آو گلالہٕ شاہَن بوٗز تہٕ سأرۍ تہٕ سَپُد مُت اوس ۔ کرٕ وۄن "یہِ چھُ عجیب ۔ وۄنۍ ہێکیا شہزادِ کینٛہہ أندٕ تھ ؟ کِنہٕ سو روزِ وۄنۍ ہمیشہِ خأطرٕ اَکھ سَر پھے ؟"

وزیرَن دِتُس جواب "اَکھ علاج چھُ اَتھ ۔ ہرگا گلالہٕ شاہ جنگل گوڈہِ تہٕ ژےٚ گرٕ سنٕ اَکھ گوٚپھ کھنہِ ۔یوسہٕ تیژٕ کھُج آسہِ ۔یَتھ منٛز زٕ نفر آرام سان وأتتھ ہیکن تہٕ سہٕ اَتھ گوٚپھ ہنٛدِس گلس تیٚتھ ڈھانڈ بناوِ ۔یَتھ اَکھ وأج آسہِ تہٕ اَمہِ پتہٕ ہرگاہ جنگلس منٛز پھیران پھیران یہِ آلو روزِ دوان ۔ "پنٛج پھول ، گلالہٕ شاہ چھُ ییتی" تہٕ پتہٕ گوڈہِ واپس تہٕ روزِ گوٚپھہِ اندرٕ کنہِ ۔ ہرگاہ یم سأری ہدایت پوٗرٕ پأٹھۍ پالہِ پتہٕ ولتہٕ پنٛج پھول ۔یوسہٕ وۄنۍ کبس سَر پھ ہتھ چھےٚ گوٚپھہِ گلہِ کہِ ڈھانڈ چہِ وأج ،کنٕ گوٚپھہِ منٛز ۔ تہٕ اَتہٕ بیا کھ چیز تہٕ ییٚس أمِس کرُن ضروری چھُ زِ سہٕ ژٕ ٹہِ سر پھس تیژٕ جِسہٕ ہن ییٚس اَمہِ واجہِ ،کنٕ اندر واتہِ ۔ تتھ کرِ ہٕکی نکہِ پھٕلی ۔ یم سۄ مبراوِ بڈ جسہٕ سان تہٕ پتہٕ تھاوبکھ أکِس رُمالہِ منٛز یم اَنہِ پنٛج پھوٚلہِ ہنٛدِس باغس سمنٛز ،کس ناگس نش تہٕ اَتہٕ ترٛاوبکھ آبس ۔ ہرگاہ سأرۍ

بلکل تِتھے پأٹھی سَپد تیلہِ پَنٛچ پھۆل بیٛنہٕ تتہٕ پرأنی ہش خۆبصورت بٔنتھ ووتلتھ۔ییٛلہِ
اکھ یِہ بۆزتہٕ گلالہٕ شاہَس میۆل وارِہہ سکوٗن ہیۆ۔اَمہِ پتہٕ بیٛنہٕ کمے کتھاباتھا کٔرتھ
وۆن أمی وزیرس الوداع۔ووٗن گووِنند راآئیس نہٕ بلکل کینٛہہ۔ییٛمہٕ امکان کُنہٕ اوس
سُہ زبردست وِسان زِ سُہ ہیکہِ پننہِ لولرِ واپس پننہٕ صوٗئ ژمنزٕ اَنتھ تہٕ تَس وُچھ بیٛنہٕ ہَندرِ
ہنٛزٕ خاہِش کران۔تِتھے تِمس فکرِ توٗرزِ وزیرتہٕ باقے سأری چھِ ووٗنی مژٕہندرِ سُہ دزاو
گرِمنزٕ تہٕ ووت جنگل۔تمہٕ رأژتھاوٗ أمی صرف گوپھہِ خأطرِ جاے مُقرر کٔرتھ تہٕ پتہٕ آو
واپس پننہٕ نِس کمرس منز۔گوپھہِ خأطرٕ اَکھ ٹھانٛڈتہٕ تہٕ ٹھانٛڈَس بنووُن گوٚدتہِ۔پتہٕ دزاو
سُہ نیبر تہٕ لوٗگُن پَنٛچ پھولہِ آلو کرُن۔پَنٛچ پھۆلہِ بۆز آلو تہٕ آیہِ سَرپھہِ صوٗئ ژمنزٕ ے تِتھے
اورکُن یام گلالہٕ شاہن واپس گوپھہِ منزٕ أژتھا اَتھ گۆل بند اوس کوٚرمُت۔پننہٕ پانٛک
زیادٕ پہن حِصہٕ بوٚرتمہٕ وُٹھی وُٹھی گوپھہِ ہنٛدِ ٹھانٛڈچہٕ وأج منزتہٕ گلالہٕ شاہَن ژٔٹ اَتھ
تیزٕ ہن پیژہن گوپھہِ اَندرأ سَس تہٕ پتہٕ کٔرن اَتھ نکی نکی پینٛتی۔ییم سوٚمبرأوِن حِصہٕ
سان تہٕ ٹھانٛڈَس واپس دَکہٕ دِتھ دراو ییم ہتہ پَنٛچ پھۆلہِ ہنٛدِ باغہٕ کس ناگس کُن۔اتہٕ
ترأوِن ییم آبس منزٕ تہٕ برابر تتھہٕ کُنہٕ وزیرن ووٗنمُت اوسُس پَنٛچ پھۆل گیہٕ پننے
پرانہِ مأرکہ مندتہٕ ظأہر۔گلالہٕ شاہن أنی سو پانس کُن تہٕ کوٚرنس میۆٹھ۔ییمو کٔرِ
وارِہَس کالس تہٕ لولہٕ بَرتھ کتھہٕ یوٚت تانی نیٛک نیٛک گاش ہیۆ یُن ہیۆتُن تہٕ ییمن
ژہنہٕ وَن دِژن زِ ییمن پزٕ اَتہٕ نیرُن۔ییمو منزٕ اوسنہٕ کہنی اَکھأ کس نشہِ الگ یژھان
گژھُن مگر چارٕ تہٕ کیاہ اوسکھ؟ گلالہٕ شاہَس اوس یہ وقت اَتہٕ نیرتھ واپس گرٕ گژھنُک
نتہٕ ہیکہٕ ہے وزیرس أمی ہنٛدِ گرٕ نیبر آسنُک پتاہ لگتھ ییٛلہِ زَن پَنٛچ پھۆل اَمہِ جایہِ ڈٕلتھ

ہیکہِ ہے نہٕ۔ سوٗ اُس بادشاہٕسِنٛدِ طلسم کِنۍ اُتھی جایہِ گنٛڈِتھ۔ لہٰذا سپدی یم الگ۔

گلالہٕ شاہ گوٚ دوٗرٕ ژھِسان وزیرٕسنٛد گرِ تہٕ مُشکلن ووت سُہ وقتس پیٹھ پنٕنس کمرس منٛز۔ یہوے اَکھ گاٚنٹاہ ہیوٗ گژھِتھ لگۍ غریب لۄکھ پنٕنہِ کامہِ پیٹھ تیاُرکۍ یکنہٕ ییٚنہٕ پنٛچ پھوٗل ہٮ۪تھ اُس۔ تِم گۍ اُمِس وُچھِتھ سیٹھاہ حٲران تہٕ گۍ بادشاہَس نِشہِ تہٕ دِتُکھ اَمیُک اطلاع۔ ییٚلہِ بادشاہَن یہِ خبر بوٗز تِمۍ سوٗز بِڈِس وزیرس نادٕ دِیِتھ زِ تِمس ستۍ مشورٕ گرِ ہے۔ تِمس ووٗنُن "ژےٚ چھی ناباسان زِ گلالہٕ شاہ چھُ ییٚتۍ اوسمُت تہٕ تِمۍ سُندے چھُ یہِ کار؟"

وزیرَن ووٗنُس درجواب "یہِ چھُ ناممکن۔ گوڈٕ یہِ زِ سُہ کِتھہٕ پاٹھۍ ہیکہِ یوٗت وِتِھ؟ تہٕ پتہٕ چھُ سہ اَکھ عام اِنسان تَس کِتھہٕ میلہِ یوٗت طاقت؟ یہِ گژھِ کانٛہہ وارِیہہ بوٚڈ اُسُن تیمِس دیوتاہَن ہُنٛد اَنگرٕ یہہ آسہِ۔ لہٰذا چھنہٕ یہِ گتھ ہُنٛز لایق"

پنٛچ پھوٗل آیہِ بیٚیہِ بادشاہَس نِش بلاونہٕ تہٕ ووٗنی آوتَس اَکھ سونہٕ سُنٛد کِیٚل بناونہٕ یُس اَمی وِزِ اَکِس نوکرس یہِ ہدایت دِتھ دِنہٕ آو زِ یہِ ٹھاسوٗن گُنہٕ ژٕژھناوِ یوسہ بناونہٕ آسہِ یوان نوکرن روٗٹ یہِ کِیٚل تہٕ ٹھوٚکُن یہِ تتھی گرِ ناوِ یوسہ گوڈ بتھے وُچھن۔ گرِ وٲتِتھ کوٚر وزیرَن سرٕ ان تہٕ پتہٕ بلوٗن دوہ ہِ شکی پاٹھۍ گلالہٕ شاہ تہٕ وُنٛن تَس پوٚرٕ دِیچ خبر۔ ییٚلہِ اُمۍ یہِ بوٗز زِ شہزادی اُس پنٕنہِ شکلہِ منٛز انہٕ آمٕژ تہٕ پتہٕ اُسس ووٗنی بیٚیہِ صوٗرت بدلی کرنہٕ آمٕژ گلالہٕ شاہَن دیُت باس زِ سُہ سپُد زبردست حٲران۔ تِمۍ ووٗن "یہِ چھُ عجیب زِ بادشاہَس آو خیال زِ یہِ بناوِ اُمِس سونہٕ سُنٛد کِیٚل۔ اَدٕ ووٗن ہیکہِ نہٕ سوٗ زانٛہہ اَمہِ صوٗرژ نِشہِ بدلِتھ۔" وزیرن ووٗنُس "ہانسا۔ بدلِتھ ہیکہِ۔"

"مگر کتھ کنی؟" گلالہ شاہن پرژھنس

وزیرن ووٚنس "آبئ وَنے۔ ہر گا گلالہ شاہ کُنہ پأٹھی یورواتہ تہ تتھ ناوِ کھسہِ یتھ اکہِ پاسہ یہ سونہٕ سُند گیٚل لاگتھ چھُ۔ سُہ اگر تتھ کِلس لَبہ تہ اَتہ کڈِ بس پتہٕ بناوبس ءگتھ چوٚرِ تہ سے چوٚر تتھ ناگس منز تراوِیُس پنٛج پھوٚلہ ہنٛدِس باغس منز باگ چھُ یہ گرنہٕ ستی بنہٕ پنٛج پھوٚل برابر پننہِ شکلہِ تہ حُسنہٕ۔ تہٕ ہر گا سو یمہ پھرِ تہ واپس پننہِ شکلہِ منز آیہ تمس پورنہٕ پتہٕ بادشاہ سُند کانٛہہ تہ جود۔ یہ گژھہِ پأنی پانے رَد۔"

یہ اوس کأنی۔ اَمہِ وزاوس وقت ژیر تہٕ وزیر تہٕ گلالہ شاہ گے شوٚنگنہٕ۔

ییٚلہِ گُلالہ شاہن اَمہِ حتمی علاجک بوٗزتھ ہأونہٕ اَتھ منز کُنہ عام دلچسپی ہنٛز کتھہِ ہُر یمانہٕ اہمیت حالانکہِ أندری کنی اوس سُہ تیتھ خوش زِ لفظن منز ہکوتہٕ وٗنی تھے۔ پننہٕ نِس کمرس منز وأتتھ ووٗن أمی بَڈ "خوشی چھےٚ۔ خوشی۔ وقت ووت! بہ گژھہٕ بییہ تہ اَتھ پنٛنی معشوق واپس پننہِ صوٗرژ منز۔ ییمہ یپورکرن نہ سخت تہ بدخواہ مالی ہنٛدی جأدی أمس پیٹھ کانٛہہ تہ اثر۔"

ووٗں گوو گلالہ شاہن گرنہٕ جلدے (کأم) شروٗع۔ تمی سوٗنچ بہتر چھُ کینژس کالس پزارن یوٚت تانی شہزادِ متعلق تمام دلچسپی تہ جذبات ختم سپدن۔ سُہ روٗد کینژن رتبن صمِ سان پزارن تہ پتہٕ ووٚنُن اکہ دوہہ وزیر ہنٛزِ زنانہِ زِمے دِتہٕ اجازت بہ گژھہٕ ہا کینژن ترٛھن جاین یوٚت گژھنک مے سخت شوق چھُ تہ بییہ ہتہٕ اَمہِ سفر خاطرِ وزیرس تہ اجازت دأمی ووٚنس پتہ زِ بہ چھس ووٗنی تیوٗت بوڑ زِ بہ ہکہٕ

پُٹن خیال تھاُ وِتھ تہٕ ہٕ چھُس نہٕ صرف تمہٕ مُلکن ہُند بوزُن یژھان یمَن متعلق وزیر یِنہٕ مائِلی مےٚ واریہہ کینٛہہ وونمت چھُ۔ وزیرہ سٕنز زنانہٕ سپٕز اُمس جوانس منٛز یہ جوش وُچھتھ سبٹھا خوش مگر تہٕ کرِتھ تہِ لوگ تمہٕ اجازت دِنس منٛز دوٗ رُے تِکیاز یِموٗ منٛز واریہن جاین ہنٛز وِتھ اُس انتہائی خطرناک تہٕ اور واتنس منٛز اُسی واریہہ نہٕ وبترٕ نی لایق مشکلات خاص کرِتھ تمِس یُس اُمی ہٕنٛدِس مونگتہٕ نیٚچوی ہٕندی پاٗٹھی خانہٕ ماجرٕ سان رَچھنہٕ آسہِ آمُت۔ گلالہٕ شاہ گوو اُمی ہٕنٛدِس جوابس پیٹھ احترام رُچھتھ تہٕ ناراض۔ پانس کاڈ ہیوٗ کڈِتھ وُنس اُمی زور دِتھ ''کیاہ۔ میانی موج۔ بُڈس وزیرہ سٕنٛدِس نیچوِس پزٕنیا مشکلن تہٕ تکلیفن کُن نظر کرِتھ پوٚت ہیوٗن؟ مےٚ ہِوس جوانس گوھِہ تیلہِ پانس پیٹھ افسوٗس آسُن۔ تیلہِ چھنا مےٚ تمہٕ بڑ وںٹھے مرُن بہتر زِ یمہٕ یپور ہرگاہ ہیتہٕ بڈٕ تہٕ طاقتہٕ والہِ مُلکک بوٚڈ وزیرٕ بٕنِنچ کوٗشش کرِ یہ زن میوٗن مول تہٕ یژھان چھُ۔ میانی موج، ژٕ مَہ کھوٚژ بلکہ دِمےٚ گوھنہٕ۔ وٗن گوو ہرگا ژےٚ کانٛہہ طِلسم چھی نہٕ منگے ہٕ تیلہِ یُتھ زِ فضوٗلس منٛز پیٚیہِ نہٕ مےٚ کانٛہہ سختی وبتراوٕنی۔''

نیٚچوی ہٕنٛدِ اَمہِ مُد برانہٕ جوابہٕ سٕتؠ میج وزیرہ سٕنٛز آشنہٕ ہمت تہٕ دِیُتنس نیرنک اجازت تہٕ بیٚیہ دِژنس پٕنٕنی مہر داروٲج تہٕ وُنس ''یہ وٲج ہاوِتھ زِ تمہِ وِزِ نارس کُن ییمہِ وِزِ کانٛہہ مُشکل بُتھ تِیی تہٕ زِ جن گرٛھَن حاضر۔ یُتھ تم ژےٚ اَمہِ منٛز کڈنہٕ خاطرٕ مدد کرنے'' اَمہِ دِژ اُمس امہِ سفرٕ باپتھ خرچہِ خاطرٕ کانٛی روپیہ تہِ۔ وزیرَن تہٕ ییٚلہِ زنانہِ نِشہِ پننہٕ نِس نیٚچوی سٕنٛز مُہم جوٗیی تہٕ ژھوٚنڈ ژھانڈ نچہ تیار یہ متعلق بوٗزُن گوو خوش تہٕ پننہِ طرفہٕ تہٕ دِیُتنس اجازت۔

بیہ چھُ اندازٕ ے زِگُلالہٕ شاہ دزٕ اوىؤت پلُس تیؤت جلد۔ کینژٕس کالس سفر

کرنہٕ پتہٕ ووت سُہ تتھ جایہ ییتہِ سُہ تتھ ناوِ کھوٚت۔ تتھ بیہ سونہٕ سُنٛد کیٚل لا گتھ اوس۔

یُد وٕ ے بیہ کیٚل واریٛہہ گوٚلمُت تہِ اوس تہٕ تتھ بجہ کرٛژ ھایہ اوس گوٚمُت یوسہٕ ناوِ اکہِ

اندٕ ار وٕ رلا گتھ اُس تہِ اُستھ تہِ کوٚڈ ییہ اُمؠ سنز وتیز نظر ووٚنہِ۔ گلالہٕ شاہَن کوٚرنہٕ بیہ

ظاہر زِ بہ کُس چھُس تہٕ ناوِ ہِندِس مالکس وؤنُن زِ مےٚ رَٹھ تہٕ ناوِ موٚہنیؤ۔ اُمؠ مونُس تہٕ

کہِ کالؠ اوس گُلالہٕ شاہ تتھ کِنؠ ناوِلمان زنتہٕ تِمؠ پوٚر واٗنسہِ یوٚہے کاراوس کوٚرمُت۔

تتھ کِنؠ رَ ووٚسُہ کینژٕن ہفتن پی کران یوٚت تانؠ اکہِ دوہہٕ اُمؠ پننہٕ نِس مالکس وؤن

زِ مےٚ ؤچھ راتھ کیٛتھ جواب۔ خوابس منز ؤچھم زِ نفریوان تہٕ نارسوٚہستی ناوِ ژ کس گوٚد

کران یوٚت تانؠ بیہ پھُٹتھے آیہ۔ اُمؠ ؤنُس بیتہٕ ''مےٚ چھُ خوابن ہُنٛد تعبیر تہِ تگان

ؤچھن ۔ چانؠ تِمؠ تانؠ دُشمن چھُ اَنتھ جود تھوومُت تہٕ ہرگاہ سُہ جود اُتی رؤ دُسہ پھاٹناوِ ناوِ''

ناوِ ہِنٛدؠ مالِکن ییلہِ بیہ بوٗز سُہ کھوٚژ واریٛہہ تہٕ تِمؠ وؤن گُلالہٕ شاہَس زِ ژٕ کر تہٕ

کوٚشِش یتھ بیہ جود لبِتھ کڈہَن۔ گلالہٕ شاہَن وؤنُس زِ بیہ چھےٚ بڈٕ مُشکل کام تہِ کرِتھ

تہٕ کرٕ بہ کوٚشش مگر ژےٚ چھی بیہ وعدٕ کوٚرُن زِ ینہٕ ژٕ اَمیک کانسہِ کینٛہہ وَنکھ۔ مالکن

کوٚرُس وعدٕ۔ پتہٕ گو وگلالہٕ شاہ اُکس ترٛ ھِ جایہ ییتہِ نہٕ کانٛہہ اوس تہٕ زوٚلُن نار تہٕ تتھے

اَتھ ریٛہہ ؤ ژھ تہٕ تِمؠ باٗ وزیرسٕنز زنانہِ ہنز موہرِ واٗج اَتھ کُن۔ فورَن گےٚ زِ جن

حاضر یم تہٕ کرنہٕ خاطرٕ تیار اُسی بیہ سُہ یمَن وَنہِ ہے۔ گلالہٕ شاہَن وؤن یمَن ناوز مینِس

پتھ اَننہٕ خاطرٕ۔ تِموکوٚ ری تہٕ گلالہٕ شاہَن کوٚڈ اَمہِ منزٕ سونہٕ سُنٛد کیٚل اَمہِ پتہٕ دِتِن جنَن

حُکم زِ ناوٕ واٗلیؤن واپس آبس منز۔ سُہ دزٕ او تہٕ سرٕ پاٗٹھی ہوؤن بیہ سونہٕ سُنٛد کیٚل

مألِکس ۔ یہ دُچھتھ گووناوِہُنْد مألِکِ سبٹھاحأران تہٕ خدایس کُن کوٚرُن شُکر زِ تتہٕ
چھامےٚ سوٚزتھَن یتھ نوکر۔ گلالہٕ شاہن روٗٹ رٔکِیل پانسے نِش تہٕ کم ہے کالس اندر
دِتُن مألِکس یہ بھروسہٕ زِ ناوروز ِ وۄنی ٹھیک تہٕ کینژ کالہٕ خأطرٕ منجس چھٹی یوسہٕ اُمس
فوٗرن دِنہٕ آیہٕ ۔ اَمہٕ پتہٕ آوسہٕ موہرٕ واجہٕ ہٕنْدِ مَدتہٕ پَنہٕ نس مونگتہٕ مألس یعنے بڈس
وزیر سُنْد گرٕ واپس۔ یہ اوس دربارُک وقت تہٕ اَمہٕ رٔنز اُس اَمہٕ وِزِ صرف وزیرٕ سنز
زنانہٕ اَتہٕ ییمہٕ تَس لولہٕ ہَژ ماجہٕ ہٕنْدی پأٹھی استقبال کوٚر۔ اَمہٕ پتہٕ کیٚہ کالٕ آوو وزیرٕ گرٕ
تہٕ پتہٕ سَپُد اتہٕ شأدیانہٕ ۔ پوٗرٕ شہرس تہٕ اُس اَتھ منز دلچسپی باسان تہٕ گلالہٕ شاہنی، تمی
ہنْد ہن کازنامن تہٕ تمی ہنْد ہن مُشکلن تہٕ تکلیفن ہنز ییمن پیٹھ اُکی موہرٕ واجہٕ ہنْدِ رٔنز قابو
اوس پژ وومُت ذکراُس لۆکن ہنْد ہن وُٹھن پیٹھ۔

اَکہٕ دوہہٕ دوٚہی گہہ گلالہٕ شاہن سونہٕ سُنْد رٔکِیل تہٕ بنوٗنس زأوِیل چوٗرٕ یُس
تمی پنج پھوٚلہٕ ہٕنْدِس باغس سمبزس موٗجوٗ دناگس منز تروو۔ تتھے اُکی یہ کوٚر تہٕ ییٚہ بنیہٕ
پنج پھوٚل تہٕ آیہٕ ناگہٕ منز نبر۔ تمو دو نویو گری اَکھاُ رٔکس میٹھی تہٕ کرنکہٕ دِژ کھ تکیاٗ زِ یم
اُسی پانہٕ وأنی بییہٕ سمکھنہٕ رٔنز سبٹھا خوش۔ تمو وۄن اَکھاُ رٔکس تہٕ سأئلم یہ تمو پتمہٕ
ملاقاتہٕ پتہٕ سوٚرمُت اوس تہٕ پنج پھوٚلہٕ وۄن زِ سو ہیکہٕ وۄنی اُمس رٔتی کُن تہٕ گرٕ ہتھ
یوٚت یہ ییژ ھِتہٕ یہ ہدایت دِیُتنس زِ ژٕ پزٕ ارتوٚت تانی بیتی یوٚت تانی بہ پَنہٕ گُتھ منز
واپس پھیرٕ تھ یِیےٚ (یوٚت نہٕ اُکی ہنْدِ اَتہٕ نیرنہٕ پتہٕ کانہہ تہٕ ژامُت اوس) تہٕ تتہٕ تم تہٕ
تتھی لال جوٗأہرتہٕ پلو وَلوانہٕ یم اَسہٕ وَتہٕ ضرورت لگن۔ گلالہٕ شاہن موٗنس تہٕ پنج
پھوٚل گیہٕ تہٕ جلدٕ ے آیہٕ سبٹھاہ موٗللی لال جوٗأہر تہٕ پلو ہیتھ واپس۔

اَمہِ پَتہٕ دزٕ اے یِم دۄنوٚے پرستانہٕ منٛز پَنہٕ نِس سفرس پێٹھ۔ کُنہِ تھکہٕ وَکہ رۄ سُتے رۄ دی یِم تیز تیز سبزٕ ہا دۄرتانۍ یکان یوٚت تانۍ یِم اَکِس ناگس پێٹھ وٲتۍ یَتھ شیشہٕ ہِیُہ صاف آب اوس۔ اَتہِ ٹھہرے یِم رَژھ کھنجہٕ تہٕ کھیوٚکھ کھمن۔ پانہٕ وٲنۍ کتھ باتھ کران وۄن گُلالہٕ شاہَن پنٛچ پھۄلہِ زِمےٚ چھیٚ تمو پوشو منٛز کینٛہہ پوش حاصِل کرنٛچ خاہِش یِم سمندر بٔٹھس پێٹھ موجوٗد اَکِس خاص باغس منٛز وو پدٕ یمتۍ چھہِ۔ اُمۍ وۄن اُمِس زِ اَتھ باغس منٛز چھہِ باہ ساس پوشہِ گُلۍ۔ یِم سأری گُلۍ چھہِ اکہِ پری شہزادِ رُدی مَتۍ تہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ گُل چھُ باہ باہ ساس روپَین ہِندِ مولُک۔ یہِ بوٗزِتھ وۄنُس پنٛچ پھولہِ زِ سو ہیکہِ اُمۍ منٛز یہِ خاہِش پوٗرٕ کرِتھ تہٕ اکھُتے بیٚیہِ تہٕ کانٛہہ یَژھ یوسہٕ تَس آسہِ۔ (تمہِ وۄنُس) مگر یِم پوش ہیکہِ چانہٕ خاطرٕ ہےٚ یاٗ ژٕ اَتھ تکیا زِ بیٚیہِ یِم پوش وو پدان چھہِ تمہِ پرستانٕچ شہزادی چھنہٕ اَزتانۍ کانٛسہِ مَردن وُچھمُت تہٕ اَمہِ کنٕ وُچھی نہٕ ژٕ ے تہٕ سو۔

کینٛژن دۄہَن اورٕ یور پھیرنہٕ پَتہٕ وٲتۍ یِم اَتھ عجائِب باغس نکھہٕ سوٚدرٕ بٔٹھس نِش۔ اَتہِ رۄٹ یِمو اَکھ جہاز کرایس پێٹھ یُس اَتہِ ٹھہرِتھ اوس تہٕ یانۍ اَتھ جہازَس منٛز تمہِ رأژ ہیٚٹھی پنٛچ پھۄلہِ دِژ گُلالہٕ شاہَس اَکھ خوٗبصورت موختہٕ مال تہٕ وۄنُس زِ ژٕ گژھ فورَن تہٕ یہِ تھاوُن جہازَس اَکِس طرفَس کُن الگ کمرس منٛز ژاٗنگی گاشس الٲنُو۔ پتہِ وۄنُس زِ ژٕ رۄزی زِ پانہٕ تہِ تھی کمرس منٛز۔ امیک اَکھ رُت (نتیجہٕ) آسہِ یہِ زِ یہِ کرنہٕ یتۍ گژھَن بیٚیہِ تہٕ واریہہ خوٗبصورت موختہٕ مالہٕ حاصِل۔ گُلالہٕ شاہَن کوٚر تی یہِ اَمہِ وۄنُس۔

اُتھی منٛز پۄ پنٛچ پھۄلہِ مرد پوشاکس ... تہٕ نیہِ خانہٕ دار سُند نوکر۔ اَمہِ پَتہٕ

دِیُت تَمہِ حُکم زِ جہاز پکناوِیُن پری شہزادِ ہِندس بانس نکھہٕ۔ اوٚتتھ یِیلہِ یم واتی تہٕ شہزادِ ہِندی نوکر آے تہٕ وُنہکھ زِ جہاز کڈِ و یمہِ جایہِ تکیا زِ شہزادس چھےٚ یژھان زِ یتھ جایہِ گژھہِ بلکل خاموشی آسٕنی تہٕ یورکُن گژھہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ یُن یہ چھُ تسُند ےلہذا گژھہِ نہٕ لیارِ سوٚ درِ بُٹھی کُنی کانٛہہ تہِ پکُن۔ مگر جہازُک مالک گُلالہٕ شاہ تہٕ تسُند نقلی نوکر رُوٚدی اتھی پیٹھ ڈٔیتھ زِ ازاسی روز واتی تہٕ وُنہکھ زِ اَسہِ چھِ جہازس منٛز سبٹھا قیمتی چیز تہٕ ژوٗرن ہِندِ خوفہٕ ٹھہر دوٲسہِ تو ے یتھ جایہِ جہاز۔ وُنی ہرگاتوہہ ژُنو زِیتہٕ نیٖر وتیٖلہِ گژھہِ بادشاہ اَسہِ یہِ وعدٕ کرُن زِ ہرگا ژوٗرن ہِندِ یاتتھے ہِو گنہِ وجہٕ کُنہِ اَسہِ کانٛہہ نقصان سَپدِ سُہ پُرِ دِسہِ تکیا زِ ہرگا اَسی بدل کُنہِ جایہِ گژھوتیلہِ تہٕن تم ضرٗور۔ بادشاہَن ییٖلہ یہِ بوٗزتہٕ تمی دِیُت یمَن اَتھ راتس ٹھہرنک اجازت۔

پگہہ صُبحس کیٚتھ تُجہ پنٛچ پھوٗلہِ کینٛہہ موختہٕ مالہٕ یمہٕ گوڈے وَننہٕ آمتہٕ طریقہٕ کُنی حاصل آسہِ سپز مٔژ تہٕ تمہٕ تھاوِ بن شہزادِ ہِندِ باغہٕ کُس طرفہٕ نَنہٕ۔ اتھی منٛز وژھہٕ شہزادِ ہِنٛزِ نوکرانہِ آبس کُن سرٛان کرنہِ۔ تتھےٚ تموٚ پنٛچ پھوٗل وُچھ تہٕ پُرژھہس ژِ کوسہٕ چھکھ تمہِ وٗن یمَن زِیہٕ چھس اکس دولتمند بایارِ سنٛز نوکریٖس جہازس منٛز چھُ۔ سُہ چھُ پیٚٹھی رُت تہٕ اَمس چھِ واریہہ بڑی خزانہِ خاص کرِتھ کینٛہہ موختہٕ مالہٕ یمہٕ زن پزنہٕ پیٚٹھی رُت تہٕ اَمس چھِ واریہہ بڑی خزانہِ خاص کرِتھ کینٛہہ موختہٕ مالہٕ یمہٕ زن پوٗرِ دُنیاہَس منٛز سارِوے کھوتہٕ قیمتی تہٕ خوٗبصورت چھےٚ یِیلہِ نوکرانو یہ بوٗز قدرتی کتھا چھےٚ تمَن گیہٕ یم بارِ خزانہٕ وُچھنٛچ خاہش تہٕ پنٛچ پھوٗل تہِ اُس یمَن یم ہاونہٕ خاطرٕ تیار۔ یم خوبصورت موختہٕ وُچھِتھ گیہٕ یمہٕ سبٹھاہ حاٗران تہٕ پنٛچ پھوٗلہِ وُنکھ زِ ژِ دِتہٕ اَسہِ یمہٕ پَننہٕ شاہی مالکنہِ ہاونہٕ خاطرٕ نِنک اجازت۔ یِتہٕ مون اَمہِ فورَن۔ شہزادِ گیہٕ یمہٕ تیٚژ

خوش زِسوأس نہٕ یمہٕ تٕر اونہِ یژھان بلکہِ وۄن تمہِ پنہٕ نٮ۪ن نوکراٮ۪ن زِ توٚ ہی کٔرِ وٕہنٛد قٕمت معلوم تہٕ اکھتے أنو ٮ۪یٚہ کیٛنٛہہ یژھے ۔ تیٚہٕ پیٚہٕ سوداگر دِتھ ہیٚکہِ ۔ یٮ۪لہِ وۄنی باتے تہِ واٹِہ یہِ اوس اَکھ انبارا۔ شہزادِ کوٚر اِرادِ زِ یہٕ وُچھن یہِ باپأرک تِکیٛاہ زِ تمہِ سوٗنچ زِ ''ٮ۪مس پیٚتی قٕمتی چیز آسَن سُہ گژھہِ واریٛہہ بوٚڈ موٚہنیو آسُن ۔ لہٰذا کوٚر تمہِ پۆر پرِدٕ تہٕ گٔیہِ جہازس کُن ۔ اوٗت وأتتھ پِرٕژھن پنٛچ پھوٗلہِ، یوسہٕ نوکر بٔنتھ أس زِچأنس مالکہٕ سُنٛد گمرِ کتہٕ چھُ تِکیٛاہ زِ یہٕ چھُس پانہٕ تِمس ستی تِمن موٗختہٕ (مالن) ہُنٛد قٕمت طے یژھان کٔرن یمہٕ مےٚ ژارِ۔ پنٛچ پھوٗلہِ تہِ أس یہے وومید مگر سوأس نہٕ اَتھ معاملس منٛز کانٛہہ خاص دلچسپی ہاوِنی یژھان لہٰذا وۄنُن شہزادِ ژ ہیٚکھ نہٕ باپأرِس نٔشہِ أژتھ تکیٛاہ زِ سُہ چھُ چلس یٮ۪مہِ کنٕہ نہٕ سُہ کانٛسہِ زنانہِ سمکھتھ یا گتھ کٔرتھ ہیٚکہِ۔

شہزادِ وۄنُس ''مگر یہٕ کیاہ زِ ہیٚکہٕ نہٕ باپأرِس سمکھتھ ۔ یہٕ چھُس رِژ زنانہٕ تہٕ کانٛہہ وو پرمَرد چھُم نہٕ زانٛہہ تہِ وُچھمُت ۔ مےٚ چھُ یقین زِمیانہِ اوراژنہٕ ستی گژھہِ نہٕ کانٛہہ بےحُرمتی''۔ پنٛچ پھوٗلہِ وۄنُس ''سُہ سمکھی نہٕ ژےٚ ۔ ہرگاہ یہٕ ژٕ تِمی ہٕنٛدِس کمرس منٛز نِمتھ سُہ گژھِ ناراض ۔ سُہ ہاوی نہٕ ژےٚ ہرگز پان۔''

یہِ بوٗزِتھ دژ ایہِ شہزادِ زیادٕ ے گل زِ یہٕ وُچھہن یہِ عجیب شخص ۔ تمہِ وۄنُس اچھایہٕ گژھ کُنی ژٔنی تہٕ ژےٚ چھے نہٕ تٕچ کانٛہہ ذمہِ دأری۔ پنٛچ پھوٗلہِ وۄنُس نہٕ کہنٕہ تہٕ شہزأدی گٔیہِ کُنی ژٔنی تہٕ کوٚرُن سوداگرہٕنٛدِس دروازس ٹھک ٹھک ۔ تِمی کھوٗل نہٕ دروازٕ بلکہِ دِتُن أندرٕ رے جواب ''یہٕ چھُس نہٕ کانٛسہِ ازأنی زنانہِ کُن وُچھان لہٰذا ہیٚکھ نہٕ ژٕ اندر أژتھ۔''

مگر شہزادِ بوٗزس نہٕ یہِ ''کیاز'' تمہِ وۆنُس ''مے چھُنہٕ اَزتاں کانٛسہِ وۆپرمَرد سُنٛد بُتھ وُچھمُت ۔ بٕہ چھُس اَکھ رٕژ زنانہٕ ۔ مےٚ دِاندر اَژنہٕ ۔ بٕہ چھُس رٕژ زنانہٕ تہٕ ژٕے ستی چھُس کھاندر یژھان کرُن ۔ یہے چھےٚ میانٛی خاہش تہٕ اَسی کیاز ہمکوٚنہٕ اَکھ اَکس وُچھِتھ؟

تتھہٕ کٔنی زور کٔرِتھ مۆژ روو سوداگرن درواز تہٕ سمکھی یم تہٕ گوڈنیچ نظر گوکھ محبت ۔ یمو کٔرِ واریہٕس کالس پانہٕ وأنی گتھہٕ تہٕ باپأرک ہأوی اَمِس سأری موٗلٕلی چیز ۔ پَتہٕ دژ اَیہِ شہزأدی اَمِس ازأنی سوداگر سُنٛد سبٹھا محبت تہٕ اَمی ہنٛدِ بڑِ تہٕ بارٕ خزانچ حأرانگی ہیتھ ۔ تتھے سو محل خانس منٛز وأژ تمہِ وۆن بادشاہَس زِ سوٗ گتہِ اَس تہٕ اَتہِ کیاہ وُچھن تہٕ اَمِس کتھہٕ کٔنی گو وأمِس شخصہِ سُنٛد محبت تہٕ وۆنی اَس اَمِس شخصس ستی کھاندر یژھان کرُن ۔

اَکھ شفیق تہٕ رُت موٗل آسنہٕ کٔنی کوٗرُس مأنٛکی وعدٕ زِ بٕہ وُچھن یہِ نفرتہٕ اَمہِ مقصدٕ گو و دۆیمہِ دوہہِ ضُجس جہازس پیٹھ ۔ ییٚلہِ اَمی یہِ سوداگر وُچھ ۔ یہِ کوٗتاہ خوش یوٗن چھُ ، یتھ خوش گُفتار چھُ تہٕ اَمہِ علاوٕ یوٗت گأٹل چھُ ۔ اَمی تہِ کوٗر پانس ستی یہِ قبوٗل تہٕ گرِ وأتِتھ وۆنُن کورِ تہِ یہِ ۔ شہزادِہنٛزِ خوٗشی اوسنہٕ حدٕ ے کانٛہہ ۔ سو اَس بے تأبی سان اَتھ دوہَس پرٛاران تہٕ شہرس منٛز تہِ اَس اَمہِ نزدیک ینہٕ والہِ کھاندرٕ کہِ خیالہِ بے تأبی ۔ کھاندر آو سبٹھاہ شاندار طریقہٕ کرنہٕ یہِ زَن پرستان کس بادشاہ سنٛدِ رُتبہٕ تہٕ دولژ حسابہٕ شوٗبہِ ہے ۔

کینژس کالس روٗد گلالہٕ شاہ اَتی محل خانس منٛز تہٕ پرٛأون سبٹھا خوشحألی ۔

وڈل گو وسُہ اوسنہٕ پۆرٕ پأٹھی مطمٔن لہذا اوڈن أمی اکہِ دوہہٕ شہزادِ پانس متعلق سأئلم کینٛہہ۔ سُہ کیٛاز اوس اور آمُت تہٕ سُہ کیٛازِ اوس یِم پوش حأصل یڑھان گرِنی تہٕ واپس پنُن وطن گژھُن یژھان۔ شہزادِ وڈن تِتھے پأٹھی یہِ بادشاہَس تہٕ مۆنگنس اجازت زِ ئہ نمہٕ ہایِم باہ ساس پوشہِ گُلی تہٕ گژھہ ہاخانہٕ دارس ستی۔ بادشاہَن کۆرُس اقرار۔ امی ساعتہٕ پیٛٹھہٕ ہیرٕن نیرنہٕ خأطرٕ تیأریہِ شرٛوع سپدنہِ۔ باہن ساسَن پوشہِ گُلین ہنٛدِ خأطرٕ آیہِ باہ ساس بگہِ تیار کرنہٕ تہٕ سُہ خزانہٕ ٹُلنہٕ تہٕ سارنہٕ خأطرٕ تہِ آو انتظام کرنہٕ یُس یَمَن بادشاہَن دِیُت۔ اَکھ سبٛٹھا بۆڈ فوج تہٕ ہُسی تہِ آیہِ اَتھ شاندار جورِ آیتن تھاونہٕ۔ أخر تہٕ ووت روخصت سپدنُک وقت۔ یہِ اوس سبٛٹھہٕ دوکھ ہۆت موقہٕ تہِ کیٛازِ یِم دوشوے أسی سارِنے ہنٛدی ٹأٹھی۔

یِم گےٚ گوڈٕ تتھ مُلکس ییٚتہِ گلالہٕ شاہَس گوڈنچ زنانہٕ میج۔ بادشاہ سپُد أمِس وُچھتھ سبٛٹھا خوش تہٕ دِیُتنس روزنہٕ خأطرٕ اَکھ شاندار مکانہٕ تہٕ ییٚیہِ تہِ سأئلم یہِ أمِس ضرٛورت اوس۔ گلالہٕ شاہ رۆد کینژَس کالس اَتہِ تہٕ پتہٕ بییٚہ تحفہٕ ہیتھ دژ اواَتہِ۔ اَمہِ پتہٕ دژ اے یِم گلالہٕ شاہنہِ پننہِ مُلکہِ کُس طرفس۔ یہِ اوس اَکھ سبٛٹھا زیوٗٹھ تہٕ کریوٗٹھ سفر مگر سأری وأتی ٹھیک پأٹھی شہرٕ کِس قلالیس نش تہٕ أتی تژ ووٗکھ ڈیرٕ تِکیٛازِ یِمو سۆنچ زِ اچانک پیٚتی لۆکھ (یِم ساسہٕ بُدی أسی تہٕ اَمہِ علاوٕ ہُسی، گُری تہٕ باقٕی جانور تہِ یَمن ستی أسی ) اور واتنہٕ ستی گژھہِ لۆگن تکلیف۔ ییٚلہِ یِہنٛدِ اوٗت واتنچہِ خبرٕ محل خانس منز واژ بادشاہ کھۆژ سبٛٹھاہ تہٕ سۆزن پننہٕ نِس بُڈس وزیرتہٕ باقٕی صلاح کارن نادِ یتھ تِمَن پرٛژھہے زِ مےٚ کیٛاہ پزٕ أمِس بادشاہَس خوش کرنہِ خأطرٕ کرُن یُس اور وأتِتھ چھُ

پیۆمُت تِکیاِ زِ یِتھہٕ کٔنہٕ اُکہ وۆن زِ ''یقیٖن چھُ یُت بۆڑ تہٕ طاقتور بادشاہ یور صرف جنگ کرنہٕ خأطرے آمُت''۔

بٔڑی وزیرَن کوٚر مامَلس پٮ۪ٹھ پوٚر سوچ تہٕ پتہٕ وۆنُن ''اے بادشاہ، سون عرض چھُ زِ توٚہی سوٗزیُوٗن پنٕنہٕ خوبصورت کوٗرِ تہٕ سوے گرِاپنٕچ سبیل۔ بنان چھُ یہِ بوڑ بارٕ بادشاہ سپد اُکہ ہٕندِ حسنٕک شیدأیی تہٕ یِتھہٕ کٔنہٕ بچوأسو۔''

بادشاہَن وۆنُس درجواب ''افسوٗس! افسوٗس! مےٚ چھُنا گوڑے تَس شخص پنٕنہٕ کوٗر نیٚترِ دِنٕچ زبو دِژہِرٕ یُس پوشہِ گُلی انِس منز کامیاب سپد۔ اَمہِ ہریمانہٕ کوٚر نا میانہِ کورِ کتہِ پھِر۔ یَتھ کتھِ انکار زِسو گرِنہٕ کأنسہِ یَتِ کھاندر بامےسہ کوتاہ تہِ بۆڑ تہٕ دانا اُسی تَن ماسوایہِ تَمِس شخصس۔''

یِتھہِ پأٹھی اوس بادشاہ تہٕ تَمی ہٕندی صلاح کار اُتھی مشورس یَتِ آوِرکہ زِگلالہٕ شاہَن تیٚمی راتس ڈیٖر اوس ترٕ وومُت کُڑی پنٕنہٕ تھد پایِکہ تہٕ شہزادِ پلوتہٕ لاگِن بچھوٗنی ہٕندی ہوی زچہِ پلوتہٕ ژاو باہ ساس پوشہِ گُلی ہیٚتھ شہرس منز۔ بگہِ چلاوَن والین دِتُن حُکم زِ توٚہی وأتِو سیٚوڈُے محل خانس نِش تہٕ پانہٕ دزاویٚمن بروٗنہٕ۔ اوٗت وأتِتھ سوٗزِن دربانس اتھہِ بادشاہَس شیٚچھ تہٕ وۆنُس ''پنہٕ نِس مأکلس یعنی بادشاہَس وَن زِمےٚ دِیو حُکم (زِمےٚ کیاہ چھُ گرُن) یُہ چھُس پرستان رکس بادشاہٕ سندِ باغٕکی خوبصورت پوشہِ گُلی ہیٚتھ آمُت۔''

عجیب چھُ یِتہٕ زِیہِ شیٚچھ آیہِ تَمہِ وِزِ واتناونہٕ یٚیمہِ وِزِ بادشاہ تہٕ امیریٚمن پوشِن ہٕنزٕ کتھ اُسی کران! مگر وأتٕ۔ یٚیلہِ بادشاہَن یہِ کتھ بوٗزِ تَس بیوٗٹھ نہٕ دربانہٕ سُند وَنُن

بلکہِ سوٗچُن یہِ چھُ پاگل گوٚمُت ـ وزیرتہٕ باقے بُڈی عہدٕ داریم اَتہِ اُسی تَموٗ تہٕ سوٗنچ زِیہِ کَتہِ ہیکہِ پوٚز آسِتھ ـ وۄں گوو بادشاہَن ووٗنُس مذاقہٕ پأٹھی گژھ اَنُن سُہ اندر ـ اُتھی منز پہوٚگلالہِ شاہ وأتِتھ یَس جنٛدٕ اُسی نألی مگر خوٗ بصورت پوٗشن ہُنٛد سُہ نموٗنہٕ اوسُس ءتی یَتھ شہزادِ تہٕ شأہی خاندان کہوٗ نفرو سبٹھا تعریف اُسی کَری ءتی ـ یہِ اوس پوٚز زِ تم پوٗش اُسی وأتی ءتی یہنٛز سبٹھاہ کالہٕ پیٹھہٕ خأہش اُس سپدان مگر یم اَنُن وول اوس بظاہر سبٹھاہ پَتھ پایہِ ذأژ ہُنٛد ـ اَکھ موٚکُر جنٛدٕ فقیر! بادشاہَن رٔٹ پنٛنی ہوٚنگنی دوٗ چھنِس اَتھس منز تہٕ نظر تھأوِن قأیِنِس پیٹھ ـ یِتھہٕ کنی روٗ دکینژ ن منٛٹن بلکل ژھوپہ کٔرِتھ ـ تَمی سوٗنچ "یہوے چھاسُہ نفریَس مے پنٛنی کوٗر پچھے دِنی ؟ اُمِس نفرس تہِ کَتہِ آسہِ یژھہٕ گَتھہٕ وہمہٕ گمانس منز ـ ئہ دِمہٕ اُمِس بوٚ ڈبارٕ انعاماتہٕ دَپِس گژھ ـ"

دُبارٕ ہیٚو رِگن وُچھِتھ پرٛ ژھنَس "دوستا ـ وَن سا ژٔے کیاہ گژھی آسُن ـ ژٕ بَنہٕ کھامُلکُک اَکھ بارٕ وزیر کِنہٕ سبٹھا دولت گژھی آسنی ـ ژٕ وَن تہٕ ژٔے تیٖی تہِ دِنہٕ ـ"

بیٚچھہِ وِنی دِتُس جواب "بادشاہ سلامت ناراض گژھی زیوم نہٕ ـ مے گژھہِ صرف تُہنٛز کوٗر نیٚتری ـ تَس مقابلہٕ چھے مے سأرٕ ے دولت تہٕ روتبہٕ سبٹھا کم پایہِ باسان ـ مے چھُ عرض توٚہی کٔرِو مے ءتی پنٛن وعدٕ پوٗرٕ ـ"

بادشاہَن ووٗنُس درجواب "یہِ ژٕ ونان چھکھ تہِ چھُ چون حق تہٕ ئہ ہکہٕ نہٕ ژٔے ءتی کوٚر مُت یہِ وعدٕ پھُٹرٕ اُوِتھ تہٕ اَتھ انکار کٔرِتھ ـ گژھ ہَن میأنی کوٗر ـ سوٗ چھے چأنی ـ"

بیٚانہِ سارِ یہ یس... گلالہِ شاہَن یمہٕ گَتھہٕ بوزِ یم سپدی

بادشاہٕ سٕنٛدِ عاأۍ ظرفی ہٕنٛز سبٹھاہ حأران۔ تہٕ کیاز یِہ اُس تٔہ کانٛہہ بڈ کتھ بلکہ وَنوتی باسہِ ہے پزٔ بتھ اَکِس ٹھیک تہٕ زِہرگا بادشاہ اُمِس بیٚچھ وِنی سٕنٛز یِہ خاہش مانہِ ہے تلبہٕ۔

گلالہٕ شاہَس آو نوکرن ہٕنٛز دِتھ اَکِس بڈِس مکانس منٛز گوڈنہٕ تہٕ تِتہٕ کینٛژن دوہَن تہِ روزنہٕ خأطرٕ وَننہٕ یوٚت تانی تِمَس خأطرٕ مُنأسِب پکو دٕلوتیار یہن کرنہٕ تہٕ بیٚیہ کھاندرٕ باپتھ باقٕے انتظام تہِ کرنہٕ یِہَن۔ یہِ کرنہٕ پتہٕ تھوو بادشاہَن تہٕ دربارو بیٚیہ صلاح مشورٕ جأری زِ یِمَن مشکل حالاتَن منٛز کیاہ ییہِ تَس دوپرٕ طاقتور حکمرانن نسبت کرنہٕ تیٚمی شہرچہِ قلایہِ نیٚبرٕ گنہِ ڈیرٕ اوس ترٛ وومت۔ تموٚگر وارِ یہَس کالس پانہٕ وأنی گتھ باتھ مگر تم وأتی نہٕ گنہِ تٔمِس پیٹھ تہٕ بادشاہَن کوٚر دربار بن یِہ وٕنتھ روخصت زِ یہ گژھہٕ صرف پٔژن وزیربتھ اُمِس بادشاہَس نٕش تہٕ پزٔژھَس یوربٕنگ مقصد۔ یِہوے گأنٹا ہیوٗ گژھِتھ اُسی ووٗنی بادشاہ تہٕ تٔنٛد وزیر کینٛژَن مُلازِمن ہٕنٛز ہبتھ تشویش بٕرتی شہرٕ نبر تتھ جایہِ گُن پکان ییٚتہِ یِہ بوٚ ڈ ٹھکانہٕ اوس لاگنہٕ آمُت۔ یِم اُسی شأہی نفر آسنہٕ کھوتہٕ زیادٕ زأیر باسان۔

اُتھی منٛز اوس گُلالہٕ شاہ پنٛنہٕ نٕبن ہٕنٛز دِنہٕ آمتین مُلازِمن بےپےٚ پأٹھی اَتہٕ ترٛ اونس تہٕ پنٛنہٕ نِس عمَس منٛز واتنس منٛز کامیاب سپدٕ مُت تہٕ اُسن دُبارٕ پکو بدلأوی ہٕتی۔ بادشاہن تہٕ وزیرَن ییٚلہِ تَس ہٕنٛز خأرپأٹھ کوٚر تہٕ تموٚ پزٕ زنووٗے نہٕ سہٕ۔ یِمَن آو رٕتی پأٹھی استقبال کرنہٕ، اورٕ یور آیہِ ڈالہِ دِنہٕ تہٕ عزتہٕ سان یِم دٔنوے بہناونہٕ۔ گُلالہٕ شاہَن تُل مُلکس تہٕ اتہِ کین لوٗگن متعلق کتھہٕ باتھِ دٔس۔ پتہٕ پزٔژھَس بادشاہَن زِ

گَتہِ پیٹھٕ تہٕ کیٛاہ کرنہِ چھُکھ آمُت ؟ اَمہِ پَتہٕ وۆنُس گُلالہٕ شاہن پانس متعلق تہٕ وۆننس سُہ کتھہٕ کنٛز اوس یٖیمہِ غرضہٕ آمُت زِ سُہ منگہِ (بادشاہس) کوٗر نیٚتھری۔

بادشاہن وۆنُس درجواب ''افسوٗس، صد افسوٗس۔ مےٚ چھُ گوڈٕے اَکس بٔچھوٕنس پنٛنہِ کوٗر دِنٕک وعدٕ کۆرمُت تِکیٛازِ تٔمِس سٟتۍ اوس یہِ لفُظ سپُد مُت۔ ہرگاہ یہِ آسہِ ہےٚ نہٕ تیٚلہِ اوسنہٕ میانہِ خاطرٕ ژٕ ےٚ کھوتہٕ کانٛہہ بہتر۔ مےٚ پیٹھ کر رَحم۔ تہٕ بہٕ چھسے ژٕےٚ سو دِلہٕ زِ ژٕےٚ چھسے بٕہ یہِ گتھ مغموٗم دِلہٕ ونان۔''

گُلالہٕ شاہَن وۆنُس ''سبٹھاہ نیک۔ سبٹھاہ پزٕ ی یوٗر بادشاہ۔ ژٕےٚ کۆرُتھ جان۔ لفظ پھُٹرَ نہٕ کھوتہٕ چھُ بہتر پنٕن زُو، پنٕن مُلک، پنٕن سورُے کیٛنٛہہ دِیُن۔ کاش دنیاہکۍ سأری حکمران آسہٕ ہَن ژٕےٚ ہوۍ۔ تیٚلہِ آسہٕ ہَن لوٗکھ زیادٕ خوش۔ زمینہِ پیٹھ آسہِ ہےٚ زیادٕ جأنی تہٕ امَن۔ خدایَن چھُنکھ ژٕ پاپر جاہ کۆرمُت اےٚ بادشاہ تہٕ سُے گری ژٕےٚ بیٚیہِ تہِ بجاہ۔ صرف روز پنٕنٕن وعدَن پابند تہٕ لوٗگن خاطرٕ روز کوٗشش کران۔ بیٚیہِ بوزِ یتہِ زِ تیٚمِس بٔچھہِ وِنۍ ہشرٕ ژوٗنۍ گتھ اوسُکھ کران سُہ چھُنہٕ بدل کانٛہہ بلکہِ چھُس بٕےٚ۔ تہٕ بٕہ چھُس سُے لڑکہٕ تیٚمِس سأری لوٗکھ کھرٕ یا اٟسۍ وَنان یُسنٛد مول کانٛہہ وأرث آسنہٕ ورأےٚ مویاو یٖیمہِ کنٛز تَسُنٛد سورُے جاداد تہٕ دولت شأہی خزانس برنہٕ آیےٚ یہِ۔ تہٕ یٖیمہِ کس نتیٖجس منٛز میأنۍ موج اَکس زمیندارس نش موٗہنِوۍ لأزی اٟس کران۔ خدایَن کۆر مےٚ چارٕ تہٕ سبٹھا ترقی گرَنم۔ مےٚ سمُکھ چونۍ اَکھ نفر یٖیمۍ مےٚ چانہِ خأہشہِ ہُنٛد وۆن۔ سبٹھا سفر کرنہٕ پتہٕ یٖیمہِ کنٛز مےٚ عِلم حاصِل کۆر، بٕہ امیرٕ تہٕ بۆڈ موٗہنِوۍ بنیاس آس بٕہ چأنِس مُلکس واپس تہٕ تم پوشہِ گُلی أنِم پانس سٟتۍ۔ مےٚ

دۄپ گوڈٕ یمہٕ بہٕ اَکس بیچھ وِنی ہندی ہوی پکلو ا۔گتھ تم ہتھ ژےٚ نِش یتھ زَن بہٕ
چاَنس وعدٕ وفا کرنس ازماَیش کرٕ۔ ژےٚ دِتھ تہٕ ثابت کٔرتھ۔ بہٕ چھسے درخاس کران
مےٚ دی زِ معافی ہرگامےٚ اَتھ معاملس منز کانٛہہ غلطی آسہٕ گرمژ تہٕ مےٚ دِن پننی کوٗر
نیتھرِ ی۔'' یمہٕ گتھہٕ وٗنتھ کٔر اَمی بادشاہٕ ہندبن اَتھَن تھپھ تہٕ پانس لرِ بیٚہنووُن عزتہٕ
رِکس مسندس۔

یئیلہِ بادشاہَن یہِ رژ خبر بوٗزُس چھنٕہ وبژان کُنہٕ۔ ''شکر خدالیس کُن''، تُمہ
وۄن زورٕ تہٕ رۄٹُن گلالہٕ شاہ لولہٕ سان چیرٕ نالہٕ مَتہٕ۔ ''بے شک۔ بہٕ دِمہٕ نےٚ ژےٚ
پننی کوٗر۔ مگر بہٕ کُس چھس ژےٚ یہِ وعدٕ دِنہٕ وول؟۔ ژےٚ یہِ کینٛہہ خوش گژھی تہٕ یہِ
میاَنس اختیارَس منز چھُ تہٕ چھُ چونے۔''

امہٕ مُلا قاتہٕ پتہٕ آیہٕ امی وِزِ شہزادِ وا تناونہٕ یَس نہٕ یہِ توت تانی بیٛہانہٕ اوس
یوٚت تانی گلالہٕ شاہ پانہٕ آو تہٕ تَس یہِ وۄنُن۔ مُقررو قتس پتہٕ آو سبٕٹھے دھوم دھام سان
کھاندر کرنہٕ۔ گلالہٕ شاہ رۆدٕ اَتھی مُلکس منز تہٕ پننین ژورَن شہزادِ آشنین ستی اوس
خوش پاٹھی روزان۔ پنٛچ پھۆل اَس وۄنی وارٕیہہ کالہٕ پتھ پننہِ شکلہِ منز آمژ۔ سُہ بنیاو
انتہاَیی مقبوٗل تہٕ سبٕٹھے پاپر جاہ تہٕ کینٛہہ وٗہری بنیاو بادشاہ ہندِ گزرنہٕ پتہٕ بادشاہ۔ باقے
مُلک کرِن جلدٕ ے فتح تہٕ پزٕتھ کانٛہہ چیز آو تمہِ ہونز اِنصافہٕ سان کرنہٕ زِ گلالہٕ شاہ
بنیاو تہٕ تمَن دوہَن ہُند سارِ ے کھوتہٕ بوڈ بادشاہ۔ ساَری مُلک اَسی تَس اطاعت تہٕ
ساَری لۆکھ احترام کران۔

کینٛہہ ما آسن سوچان زِ گلالہٕ شاہَس ماگے بوڈ موہنیوٗ ہُنتھ پننی موج تہٕ رشتہٕ

دأری مٔشتھ سو چھنہٕ گژھ۔ تٔمی أنی سو ژھأنڈِتھ تہٕ دِیتنس روزنہٕ خأطرٕ اَکھ خوٚبصورت مکانہٕ تہٕ بییہٕ تھأوی نَس وارِیہہ نوکر۔ تٔمی أنی تم تہِ ژھأنڈِتھ یِمو أمِس مصیبت کِمن دوہَن کُنہِ تہِ رنگہٕ اَتھہٕ روٗٹ اوس کوٚرمُت تہٕ تِمَن دِتن بٔڈی بٔڈی عوہدٕ۔ یِتھہٕ کٔنی اوس سُہ زندگی گُزاران۔ سارِنٕے سٟتۍ انصاف، رٕژر تہٕ لول ورتاوان۔

یِتھہٕ کٔنی بٔنیاو سُہ سبٹھے زیادٕ مقبول! توے تہِ بٔنیاو أمی سُند ملک سبٹھاہ بوٚڈ تہٕ طاقتور، تہٕ پَتہٕ ییلہِ سبٹھاوأنس کُڈِتھ سُہ گُزرِیاو تہٕ سارِوٕ ے لٔوکو امیرو کھوغریبو، بُڈ وکھو لوکٹو کوٚر وارِیہہ زیادٕ ماتم، یِیمہِ کٔنی آسمان تانٛی پھٹنس آو۔

(راوی۔ ہِشو بایو۔ رٕنی وورسرینگر)



---

۱۔ مُقامی طور سلطنُو ہِندِس نظامَس منٛز اوس دوارپتی اَکھ اہم تھوٚد منصب دار آسان تٔمِس اُس وارِیہہ چلنٕی آسان۔ یِتھ حدس تانٛی زِ کأنسہِ تہِ شخصس بادشاہ۔س سمکھنگ یا نہ سمکھنہٕ دِنک اختیار اوس تٔسی تامَتھ۔ یِمو شخصو کنٚنگھمنٕی ''ہسٹری آف دَ سکھس(History of the Sikhs) پٕرٕ ہِمٕژ آسہِ تِمَن آسہِ ژبتَس زِ رنجیت سِنگھ نَس دوارپتی دھیان سنٛگھس کوتاہ زیادٕ اثر ورسوخ اوس۔ یِیمہِ کٔنی تٔمی پَنہٕ نِس خاندانس سبٹھا سوچھ واتنوو۔ پَتہٕ بٔنیاو دھیان سنگھ اَکھ راجہ تہٕ پٕرٕژھ مِچس حُکمرانی۔

۲۔ اَتھ گِندنَس اوس بیٛا کھ ناو ''سُہٕل'' تہٕ کٔشیرِ منٛز اوس مقبوٗل۔ اَتھ اُسی عام پأٹھی ژور شپرکی گندان۔ اَتھ منٛز آسہٕ ژورلوکچہٕ لورِ اَنہٕ پِوان یِمَن اکہِ اٹھِ دبل اوس ٹَلنہٕ پِوان۔ شُربو منٛزٕ اوس گوڈٕ کانٛہہ اَکھ یِمَن دوٗرگُن لایان۔ ہرگا یِمہٕ ژونوٕ ے دبلہٕ داراٹھ پیٚٹھَن تیٚلہِ اوس سُہ بادشاہ ژارٕہِ [illegible] تیٚلہٕ اُسی تم اکہِ اکہِ وارِ وارِ توت تانٛی

لوربن گش گش کڈان روزان یوٗت تانی کانہہ اَکھ اَتھ مزٕ کامیاب سپد ہے۔ پتہٕ اوس دوٚیم وزیر آسان ژارُن۔ وزیر اوس سہ شُر بناونہٕ یوان یَمس لوربن گش کڈتھ ژورو مزٕ اَکھ دبلہٕ دار لنٛدٕ ہیوٚ رگن روٗزِتھ تہٕ باقی ترٛے دبل ٹُلتھ لنٛدٕ پٹھ گن روٗزِتھ پیہن۔ اَمہٕ پتہٕ اوس اَکِس ژوٗر ریٛژن آسان۔ تہٕ ژوٗر اوس سہ شُر بنان یَمس ژٕ لورِ چھلتھ لنٛدٕ یوٗن گن تہٕ ژٕ چھلنے لنٛدٕ ہیوٚ رگن پیٛہن۔ اَخرس اوس ''ساد'' یعنے دیانت دار شخص تہٕ ژارنہٕ یوان۔ اَمہٕ خاطرٕ اوس سہ شُر ژارنہٕ یوان یَس ترٛے لور چھلنے لنٛدٕ ہیوٚ رگن روٗزِتھ پیٛہن۔ وۄنی زن پیٛہن ژونوٗ ے چھلنے اند ہیوٚ رگن روٗزِتھ تیلہٕ اوس یہٕ شُر نوٚسر لوربن گش کڈان۔ بادشاہ، وزیر، ژوٗر تہٕ ساد مُقر رسپدتھ اوس باقاعدٕ پاٗٹھی گنٛدُن شروٗع سپدان۔

ژوٗرس اوس وزیر بادشاہس برٛونٛہہ کُن انان تہٕ ونان ''بادشاہ سلامت! دُزد آمد'' مطلب ''بادشاہ سلامت۔ یکیاہ چھُ ژوٗر۔''

بادشاہ اوسُس اورٕ ونان ''اُو کُجا آمد'' مطلب ''سہ کتہٕ پیٹھٕ آو''۔ پتہٕ اوس وزیر بۄڈ دلیل ونان۔ تہٕ ژوٗرس اوس سزا بولنہٕ یوان تہٕ یوٗ ہے اوس رگند ٹک سارِوے کھوتہٕ مزٕ دار حصہٕ بنان۔

''بد ہد انگالی بنگالی ٹاپ'' بادشاہ اوس ونان ''دِیُس انگالی بنگالی ٹاپھ'' تہٕ وزیر اوس ژوٗرس پتہٕ کنی لتھ کڈان۔ نتہٕ اوس بادشاہ ونان ''بوٗنہٕ اُنس ہوٗن بدل'' یعنے لداخ ژن تہٕ اُمس بدل اَنُن تتہٕ ہوٗن'' وزیر اوس قِدس دوٗر ریٛہن نوان تہٕ پتہٕ کنٛس تھپھ کرِتھ تمس اورٕ واپس انان تہٕ قِدی اوس ہوٗنی ہندی پاٗٹھی وۄچھراے کران۔ نتہٕ اوس بادشاہ ونان ''ہندرٕ تل کڈیوس'' اَمہٕ مطابق اوس وزیر پننہٕ نبٹھہٕ کہ نمہٕ ستی نرٕ ہندِ اَند رِمہٕ لنٛدٕ کھونہٕ وَٹہٕ کہٕ ولتہٕ پٹھہٕ ہرٛوس تانی رکھ ہش دِوان تہٕ پتہٕ اوسُس پننہٕ دوٗ چھنہٕ اَتھہٕ چوددیواؤنگوٕ ستی زورٕ سان اَتھ رکھہٕ پٹھ ٹاس ترٛاوان۔ یہٕ سزا اوس باقیو سزاہو کھوتہٕ تکلیف دیہہ آسان۔ گویا تتھہٕ کنی اَکی بییہٕ تہٕ باقے طرٕ پھٹن ہندی سزا بولنہٕ یوان۔ یَمن خاطرٕ مخصوٗص جُملہ تہٕ یِموٗ مطابق سزا عملاونہٕ اَکی یوان۔



# گاڈِ کیٛا زِاوٚس؟

گاڈِواجنیٛا اَکھ دژایہِ اکہِ دوہہٕ محل خانہٕ کِنۍ تہٕ اُس ہگھ دِوان زِمٔلِکاٗنۍ دژایہِ اکہِ دارِ کِنۍ تہٕ ہووُنَس نکھہٕ پِنہٕ خاطرٕ اِشارٕ یتھ زِسو ہاوِ ہے تَس کیٛاہ اوس (ہٕکُن) امی وِزِ تُج اکہِ بجہِ گاڈِ پھتہٕ کہِ ژکہِ پیٹھہٕ ہیوٚ رگن ووڈھ۔

مٔلِکانہِ پرٛژھُس ''یہِ چھاہ ژِ کِنہٕ ماہ۔ بٔہ چھُس ماہ گاڈ ہیٚنٛز یژھان۔''

یہِ بوٗ زِتھ ترٛ ووگاڈِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن۔

گاڈٕ واجنہِ ووٚنُس ''یہِ چھےٚ ژَ'' تہٕ دژایہِ گاڈٕ ہِنہِ۔

مٔلِکاٗنۍ ژلیہِ بڈٕ شرارتہٕ ہٕژ پِنہٕ نِس کمرس منٛز واپس تہٕ شامَس ییٚلہِ بادشاہ تَس سمکھنہٕ آو تہٕ تَس تۆرٕ فکرِ زِ یہِ چھےٚ کمہِ تانۍ وجہِ کِنۍ اوٚ ری نہٕ یوٗ ری۔

تمۍ ووٚنس '' (ژےٚ چھیا خاٗرٕ ے؟) بیمار ما چھکھ؟

''نہ''۔ مگر مےٚ چھُ اَکِس گاڈِ ہنٛدِس عجیب رٔ وٕ یَس پیٹھ سخت پھیٚٹان۔ اکہِ زنانہِ اَنۍ اَزاَکھ گاڈ تہٕ ییٚلہِ مےٚ تَس پرٛژھ زِ یہِ چھاہ ژِ کِنہٕ ماہ تہٕ گاڈِ ترٛ ووکو پاٗٹھی تہٕ بےٚ پاٗٹھی اُسن۔''

''گاڈِتۍ وواُسن !ناممکن! ژےٚ آسی خاب وُچھمُت۔''

''یُہ کیاہ چاُر چھسا؟ یُہ چھس تی ونان یہِ مےٚ یمو چشمو وُچھ تہٕ پنہٕ نبو کنو بوٗز۔''

''اگر یہِ چھُ تیلہِ چھُ یہِ بڈٕ عجیب۔یُہ گرٕ اتھ متعلق دریافت۔''

صُبحس وۄن بادشاہَن تی پنہٕ نِس وزیرَس یہِ تَس پنٕنہِ آشنہِ وۄنمُت اوس تہٕ وۄننس ژٕ گژھ تہٕ اَتھ معاملس کرتحقیقات شمن رتبن اندر اندرأنی زِ اَتھ جواب نَتہٕ چھی قتل سَپدِ ن۔وزیرَن وۄنُس زِ یُہ گرِ پۆرِ پۆر کوٚشش حالانکہ تس باسیاو پۆرپأٹھی زِ یُہ سَپدِ ناکام۔پانژن رتبن گرٕ تِمی تھکہٕ رۆس محنت زِ یُہ گرِ ہے گاڈِ ہِندِ اسنگ وجہ معلوٗم۔ یُہ گوو ہرجایہِ ہر کأنسہِ نِش۔داناہن تہٕ عأرلمن نِش، تِمن نِشہِ یم طلسمَس تہٕ پڑ بتھ قسمچہِ ژھل بأزی منز ماہِر اَسی تہٕ پڑژھن تِمَن۔مگر کأنسہِ اَکی ہیچ نہٕ اَتھ معاملس وضاحت گرِتھ لہذا آوسُہ دِل پھُٹِتھ واپس گرِ تہٕ لاٚ گن پَنُن یقینی موت نظرِ تل تھاوِتھ پنٕنی معاملہِ سنبھالنٕی تِکیاہ زِ اُمس اوس پنہٕ نِس بادشاہ سُند یہِ پۆر تجربہِ زِ یُہ چھُنہِ پَننہِ دھمکیہِ نِشہِ پۆت ہوان۔باقی چیز وعلاوٕ وۄن اُمی پنہٕ نِس نیچوٚس زِ ژٕ نیرتانی کُنہِ کُن سفرس۔یوٚت تانی زَن بادشاہ سُند شرارت ہناہمہِ۔

یہِ نوجوان یُس چالاک تہِ تہٕ خوبصورت تہِ اوس درااوتورکُن یوٚت تِمس قسمت نیہِ ہے۔تِمس اَسی وۄنی دراُمتس کینہہ دوہ گمتی زِ اُمس سمکھیاواکھ بڈٕ گرۆستا یُس کتھہِ تانی گامس کُن دراُمت اوس۔یہِ بڈٕ دلچسپ وُچھِتھ پڑژھس اُمی زِ اَسی ہکو ایکجا پکِتھ تہٕ باس دِیتنس زِ اُمس تہِ اوس اۆری گژھُن۔اُمی بڈٕ گرٕ ہسی موٗنس تہٕ

چھِ تِم یکو وٹہٕ پکان۔ گرم اوس کأفی تہٕ سفر زیوٗٹھ تہٕ کریوٗٹھ۔

نوجوانَن وۄنُس ''ژےٚ چھی ناباسان زِ یہِ گژھہِ زیادٕ جان ہرگاہ ژٕ تہٕ بہٕ اَکھ اَکِس پانہٕ وأنی منٛزی منٛزی تُلہٕ ترٛاوا گرٕ و۔''

أمی بُڈٕ گریسی سوٗنچ زِ ''یہِ کوتاہ بیوقوف شخص چھُ۔''

أتھی منٛز وٲژ اے یِم اَکِہ مکانہِ ڈارِ کنٛز یُس لوٗننس ووتُمت اوس تہٕ اوس داوٕ گرٛایوٕ ستیٚ اورٕ یورٕ سپدنہٕ ستیٚ سوٚنہٕ سُنٛد سمندر راہیوٗ باسان۔

جوانَن وۄنُس ''یہِ چھا کھبتھ کِنہٕ نہٕ؟''

بُڈُس توٚرنہٕ أمی سُنٛد وَنُن فِکرِ تہٕ وۄننُس ''مےٚ چھُنہٕ پتاہ۔''

اَمہِ پتہٕ کِمے کأنٛی وأتی یِم زٕ سفر کرن وأنی اَکِس بُڈِس گامس منٛز ییٚتہِ أمی نوجوانَن پنٛنہٕ نِس ستیٚ وأنِس اَکھ شرٛ اکِہ پُچھ دِیُت تہٕ وۄننس ''یاراژنہٕ یہِ تہٕ اَن گُری زٕ مگر یاد تھأوِتھ أنی زِ یہِ واپس تِکٕثیا زِ یہِ چھُ وارِیہہ قیمتی۔''

یہِ بُڈٕ اوس وۄنی کینٛژھا ژکھہِ ہوٚت تہٕ کینٛژھا مَزٕ میٹھتھ ہیوٗ وُچھان تہٕ شرٛ اکِہ پُچِس واپس دکہٕ دِتھ پانٕسے ستیٚ کیٛاہتأنی ونان زِ یاتہٕ چھُ أمی سُنٛد یہِ سأتھی ڈوٗلُمُت نتہٕ چھُ مےٚ بیوقوف بناوٕنچ کوٗشش کران۔ نوجوانَن زنتہٕ یہِ بوٗزٕ ےنہٕ تہٕ روٗ دتوٚت تأنی اکِہ پَلہٕ ژھوپےٚ گرِتھ یوٚت تأنی یِم شہرس منٛز وأتی ییٚمہِ پتہٕ کِمے دوٗر أمِس بُڈٕ گرٛیسی سُنٛد گرٕ اوس۔ تِم وٲژ اے بازرٕ کنٛز تہٕ وأتی مسجدِ منٛز مگر کأنٛسہِ أکی نہٕ کرِ یِمَن سلامہٕ تہٕ نہ وۄننکھ اندر أژِو تہٕ دَم ہیوٗ دِیو۔

نوجوانَن وۄن احأ أنی سالن ''کوٚتاہ بوٚڈ قبرستان!''

یہِ بُڈ چھُ سوچان "أمِس کیاہ چھُ وَنُن۔ یہِ چھُ یِتیس آبادی وألِس شہرس قبرستان ونان۔"

شہرِ نیرِتھ أس یہنز وَتھ اکِہ قبرستان کِنۍ ییٚتہٕ کینٛہہ نفرأکِس قبرِ پیٹھ فاتح أسی پران تہٕ لیأرِ پکوٚنمن أسی پنہٕنس أمِس مورِدِ ہٕندِ ناوٕ ژوچہِ تہٕ گُلچہِ بأگران۔ یمو ہوو یَمن دوٚن وَتہٕ پکوٚنمن تہِ اِشارٕ تہٕ یمَن تہِ دِژ کھیٚنہٕ ژوچہِ تہٕ گُلچہِ ییٚنہٕ تم دِوان أسی۔

"یہِ کوتاہ عالی شان شہر اچھُ!" أمی جوانَن وَوٚن۔

"آ۔ یہِ نفر گوٚڈھِ پزی پأٹھی پاگل آسُن۔" یہِ بُڈ موٚنیو چھُ سوچان "بہٕ چھس حأران یہِ کیٛاہ وَنہِ بڑ وَنٛھ کُن؟ یہِ وَنہِ زمینس کول تہٕ کولہِ زمین۔ ییٚتہٕ اَنہِ گوٚٹ آسہِ تَتھ وَنہِ گاش تہٕ ییٚتہٕ گاش آسہِ تَتہِ وَنہِ انہِ گوٚٹ" ووٚن گووأی تھأواندرٕ ے یہِ گتھ۔

ووٚنی اوس یمَن اکِہ کولہِ منزی ترٛن یوسہٕ قبرستان کہِ ڈُنڈ ڈُنڈی پکان أس۔ یہِ أس سٔنی پہن لہٰذا کوٚڈ أمی بُڈ گرٕ ہسی پٔتن کھور بانہٕ پأجامہٕ تہٕ توٚرا پور مگر یہِ نو جوان توٚر کھور بانہٕ تہٕ پأجامہٕ لاگِ تھے۔ بُڈن وَوٚن پانسے سَتی "پزی کِنی چھُنہٕ مے اَز تانی یُتھ کانٛہہ بیقلاو چھُمُت۔ قولہِ کِنی تہِ تہٕ فعلہٕ کِنی تہِ۔"

تہٕ کرِتھ تہِ گووأمِس یہِ نوجوان خوش تہٕ یہِ زانٛتھ زِ أمی ہٕندِ سَتی گژھہِ أمی ہٕنزِ زنانہٕ تہٕ کورِ خوش گفا امہِ کِنی ووٚنس وولہِ یوٚت تانی ژٔے گامَس منز ٹھہرُن چھی توٚت تانی روز سانہٕ۔

جوانَن دِتُس جواب "سٔبٹھا سٔبٹھا شکریہ۔ مگر مے وَن گوڈٕ یہِ زِ ژٔے چھیا مکانس ژٔری کوٚٹ دوٚرُے" بُڈ گرٕ ہسی ترٛ ووٚیہِ أتی تہٕ ژاوا سان اسان گرٕ۔

اَتہِ (گَرِ کِین) جواب سلاما گرِتھ وۄنُن دۄہتھ کھھس منز چھُ اَکھ نفرا۔ سُہ
اوس مےٚ ستۍ وارِیہس منزِ لس پکان تہٕ مےٚ ونیامس ییٚتِس کالس ییٚتھ گامس منز
روزُن چھےٚ تیٚتِس کالس روزِ یٚتی (اَسہِ نِش)

مگر یہِ چھُ تیٚتھ بیوقوف زِ مےٚ ٹرنہٕ اُکی ہشز اَکھ کتھ تہٕ فِکرِ۔ دِپان چھُم مےٚ
وَن ییٚتھ مکانس چھائری کۆٹ دۆرُ ے یہِ گۆ ھِ پاگل آسُن!'' یہِ وۄنتھ ترٛ ووأی یۆڈ
اَسُن کھنگالا۔

''بِا'' گرٛہِسی ہشزِ کورِ وۄن یوسہٕ سبھٕ ہے تیز تہٕ داناأس ''یہِ نفر، یُس چھُ تہٕ
سُہ چھُنہٕ بیوقوف یہِ زَن ژٕے باسان چھی۔ تِمس اوسُے ژٕے یہِ پرٛژھُن زِ ژٕ ہکیہٕ ہنا
سُہ کھیٚأ وِتھ چأوِتھ تہٕ گرِ ئتھ۔''

گرٛہِسی وۄنُس درجواب ''اَچھا۔ پرٛز کِنی۔ مےٚ تۆر فِکرِ۔ آ۔ تیٚلہِ ہکٕکھ ژٕ
مےٚ تُمی ہشزٕ باتٕ کتھہٕ تہٕ سمجھنس منز مدد گرِتھ۔ اُسی ییٚلہِ پانہٕ وأنی گتھ اُسی کران تُمی
وۄن زِ یاتُل ژٕ مےٚ نتہٕ تُلکھ بُہ ژٕ تِکیاز ِتَس چھُ باسان زِ اَمہِ ستۍ پیہِ سفر کرنس زیادٕ
مزٕ۔''

کورِ وۄنُس ''بٕے وَنے۔ تُمی سُنٛد مقصد اوس زِ توہہِ منز وَنہِ اَکھ ئولیل ییٚتھ
زَن وَتک پَیی روزِنہٕ۔''

''او۔ ٹھیک ہے چھُ۔ اُسی اُسی اَکہِ مکایہِ ڈارِ کنی پکان تہٕ پرٛژھنم یہِ چھا
کھبتھ کِنہٕ نہٕ۔''

''بِا۔ ژٕے اوسُے نا امیک مطلب پتاہ؟ سُہ اوس یِتے زانُن یژھان زِأمس

نفرس (زمینہٕ وإٔلس) چھا قرضہٕ رکنہٕ نہٕ۔ تکیازِ زہرگا زمینہٕ وإٔلس قرضہٕ آسہِ تیلہِ اوس تٔسنٛدِ خأطرٕ یہٕ فصل تتھے یُس تٔمۍ گوڈٕے کھیوٚمُت اوس گویایہِ ولتہِ ہے وۄنی سیوٚدٕے تمَن نش یمَن نشہِ أمۍ وۄزُم اوس تلمُت۔"

"آ۔آ۔آ۔ پزٕ کنٕ۔ تہٕ پتہٕ أکس گامَس منٛز وأتتھ دوٚپ مے تٔمۍ کہ یہٕ نہٕ شرٛاکہٕ پٕچ تہٕ ان اَمہِ یتۍ گرِی زٕ تہٕ پتہٕ أنی زِمے شرٛاکہٕ پٕچ واپس۔"

"زٕ دَرِلورِ چھنا تتھے کنٕ وَتہِ پکن وإٔلس مَدد کران یتھہٕ کنٕ زٕ گرِی کرِتھ ہیکَن؟ تٔمۍ وۄنُے ژٕ ے پتے زِلورِ زٕ ان ژٕتھ تہٕ خیال تھأوِ زِ یُتھنہٕ شرٛاکہٕ پٕچ راوی۔"

"توٚ رُم ہے فکرٕ" گرٕیس وۄن "یِیلہِ أسۍ شہرٕ منٛزی پکان أسۍ تہٕ اَسہِ سمکھ نہٕ کانٛہہ تہِ زأنی کاراتہٕ کانٛسہِ أکہ تہٕ دِیُت نہٕ اَسہِ کینٛہہ کھینہٕ خأطرٕ تہٕ یوٚت تانۍ أسۍ أکس قبرستانس نش وأتی مگر اَتہِ کوٚر کینٛژو نفرو اَسہِ آلو تہٕ دِتکھ اَسہِ گُلچہِ تہٕ ژوچہِ أتھَن منٛز تہٕ میأنی أمۍ سأتھیَن وۄن توٚے شہرَس قبرستان تہٕ قبرستانس شہر۔"

"ببا۔ یہٕ گتھ تہٕ چھےٚ سوچنٕ لایق زِ انسان چھُ شہرس متعلق یہٕ سوچان زِ یہٕ چھےٚ رتٕژ ھ جاے یتہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز میلہِ تہٕ یم لوکھ نہٕ خأطرٕ زانَن تم چھہِ تتھی تتھی مورٕ چھہِ آسان۔ شہرس منٛز یِدَوے لوکہ ارساتھاتہِ اوس مگر تہنٛدِ خأطرٕ أسۍ تم سأری موٚدی یتۍ یِیلہِ زَن قبرستانس منٛز یِیتہِ موردَے مورٕ أسۍ تتہِ کرٕ ہوتوہہ مہربان دوستو سلام تہٕ بیٖہِ دِژ ہوژۄٹ تہٕ۔"

حأران سپد یمتۍ مأکی وۄنُس "پوٚز چھُ۔ پوٚز چھُ۔ تہٕ وُنی یِیلہِ أسۍ کولہِ تران

مألکنہِ نِشہِ تہٕ تتھۍ کنۍ أمۍ بۆز۔ تتھۍ کنۍ آیہِ أمۍ ہنٛز ژۆر رَٹنہٕ تہٕ آس سخت سزا دِنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ کمہِ کأڑ آو یہِ نوجوان أمِس بُڈ گرٕ پسی تَس ہتۍ۔ أمِس آو جان خأطر کرنہٕ تہٕ پزٕ بتھ رنگہٕ آو أمِس ستۍ تیُتھ ورتاو کرنہٕ۔ یتھ زِیہِ کأنسہِ بُڈس موٗہنوۍ سُند نچو آسہِ ہے حالانکہِ میز بانس أس نہٕ اَتھ متعلق بلکل تہٕ کینٛہہ خبر۔ ژھیکرس تہٕ وۆن أمۍ یمَن سأنٛلم کینٛہہ۔ گاڈِہنٛدِس اسنس متلق، أمۍ ہنٛدِس مألِس قتل کرنہٕ ہنٛزِ دھمکی متعلق، أمۍ ہنٛزِ جلاوطنی متعلق تہٕ پزٕ ژھُن یمَن زِمے کیاہ پزِ گژھن۔

کورِ دوٗپنس " گاڈِہنٛد اُسن یُس زَن اَمہِ سارے مصیبتک گوڈ چھُ باسان چھُ تیٚمہِ گتھہِ ہنٛد اِشارٕ دِوان زِ محل خانس منٛز چھُ اَکھ مرد یتھ متعلق نہٕ بادشاہَس کہنہٕ تہِ پَے چھُ۔"

وزیر زادَن وۆن خۄشی سان " واہ واہ۔ مے چھُ وُنہٕ تہٕ واپس گوھنک وقت یُتھ زَن بہٕ پٔنُن مول غأر منصفانہٕ تہٕ رُسوأیی ہنٛدِ موتہٕ نِشہِ بچأوِتھ ہیکَن۔"

دوٗیمہِ دوہہٕ دراو سہٕ گرٕ پسی ہنٛز کۆر یانس ستۍ ہتھ وُژھہِ سان واپس پنٛنِس مُلکس کُن۔ اوٗت وأتتھ دوریاوسہٕ جلدۍ محل خانس منٛز تہٕ وۆنُن مألِس تہٕ کینٛژھاہ یہِ أمۍ بۆزمُت اوس۔ بچور وزیریُس موتہٕ کہِ بیٚہِ زَنتہٕ گوڈٕے مۆدمُت اوس سہٕ آو تمی ساعتہٕ بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تیٚمِس أمۍ سو خبر وٗنی یوسہٕ اَمی ساعتہٕ أمۍ سُند نچو ہتھ آمُت اوس۔

بادشاہَن وۆن " سوالے چھُنہٕ۔"

وزیرَن دِتُس جواب " عالی جاہ۔ مگر یہِ گژھہِ یی آسُن تہٕ یہِ کینٛژھاہ مے بۆزنہٕ

أسی سہٕ تۆر کھور بانہٕ تہٕ پأ جامہٕ لاگِتھے۔" کورِ وۆنس "ئہ چھُس تٔمی سنٛزِ دانأیی تعریف
کران۔ ئہ چھُس اکثر یہِ سوچان زِ تمہ لۆکھ کٲتیاہ بیقل چھِ یم اَتھ تیز پکونہٕ کولہِ تیز
کھمبر بۆیٹھی کَنہٕ وأری چھِ تران۔ معمۆلی اگر کھور ڈلبھ تہٕ بِن پتھر ٹھاسونہٕ تہٕ گلہٕ
پیٹھہٕ نَلس تانٛ گرٛشھن آبہٕ سٕری۔ چون یہِ دوست چھُ سارِوے کھوتہٕ دانا۔ ئہ چھُسَن
سہٕ وُچھن تہٕ تٔمس ستی چھُس کتھہٕ کرٕنی یژھان۔

گرٕ پسی وۆنُس "ٹھیک چھُ۔ ییٚکیاہ ئہ گرٛشھہٕ تہٕ اَنَن سہٕ ژھانڈِتھ۔"

"بیا۔ تٔمس وَن زِ اَسہِ چھِ ژری کۆنٛڈ سبٹھاہ ری تہٕ تیٚلی تیٚی سہٕ۔ ئہ سوزٕ أمِس
شخصس گوڈَے اَکھ ڈالی یتھ أمِس فکرِ ترِ زِ أسی ہیکون یہِ پۆ ژھ وتراوِتھ۔"

لہذا اۆن أمہِ نوکرتہٕ سوزُن أمِس نفرس نشہِ اَکھ گوٚنٹُر رَکھتھہِ ژوچہٕ بَہہ تہٕ
اَکھ دوو دوأر ڈالہِ رٕنگی ستی ہیتھ تہٕ بیٚیہِ سۆزُنس یہِ پأغام۔

"ہے دوستا۔ زۆن چھےٚ پۆرٕ۔ بَہہ ربتھ چھُ وٕری تہٕ سمندر چھُ آبہٕ ستی
برٕتھ۔"

اَڈٕ وَتہٕ سَمکھ یہِ ڈالی تہٕ پأغام نِنہٕ وألس پٔٹن لوکٕٹ نیٚچو تہٕ کییٚلہِ یہِ وُچھ زِ
زأنہِ منٛزِ کیاہ چھُ تہٕ موٗنگُن مألس اَمہِ منٛزٕ کھیٚنہٕ خاطرِ کینٛہہ۔ مألی تہٕ دِنس بیقل
پأٹھی۔ اَمہِ پتہٕ وُچھ أمی یہِ جوان تہٕ دِیُتنَس یہِ پأغام تہٕ ڈالہِ منٛز باقے ہٕن۔

أمی وۆنُس اورٕ "پننہِ مالکنہٕ وٕنی زِ میٲنٛزِ سلام تہٕ بیٚیہِ وٕنی زبس ژندرٕ چھُ
نۆوُے تہٕ مےٚ وُچھ وٕرییس کہٕے ربتھ تہٕ سمندر چھُنہٕ قطعن تہٕ برٕتھ۔"

نوکرس تۆ رنہٕ اَمیٚک بالکل تہٕ کینٛہہ معنہِ فکرِ تہٕ پھرُن لفظ لفظ تِتھے پأٹھی پَنہٕ

مأ لکنہِ نِشہِ یتھۍ کنہٕ أمی بۆز۔ یتھۍ کنہٕ آیہِ أمی سٕنز ژۆررٕٹنہٕ تہٕ آس سخت سزا دِنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کٔمے کاڈ آو یہِ نوجوان اُمس بڈٕ گرہسی تس ستی۔ اُمس آو جان خأطر کرنہٕ تہٕ پرٔ بتھ رنگہٕ آو اُمس ستی تیٚتھ ورتاو کرنہٕ یُتھ زِیہِ کأنسہِ بڈس مۆہنوی سُند نچو آسہِ ہے حالانکہِ میز بانس اُس نہٕ اَتھ متعلق بلکل تہِ کینہہ خبر۔ پھیکرس تہٕ وۆن أمی یمن سأئلم کینژہہ۔ گاڈِہٕنٕدس اسنس متلق، أمی سٕنٕدِس مأ لس قتل کرنہٕ ینٕچہِ دھمکی متعلق، أمی سٕنزِ جلاوطنی متعلق تہٕ پرٔ ژھن یمن زِمےٚ کیاہ پزٔ گرٕن۔

کورِ دۆپنس ''گاڈِہُنٕد اُسن یُس زَن اَمہِ سارے مصیبتٕک گوڈٕ چھُ باسان چھُ ییمہِ گتھہِ ہُنٕد اِشارٕ دِوان زِ محل خانس منز چھُ اَکھ مرد یُتھ متعلق نہٕ بادشاہَس کہنز تہِ پَے چھُ۔''

وزیر زادَن وۆن خۆشی سان ''واہ واہ۔ مےٚ چھُ وُنہٕ تہٕ واپس گوھنٕک وقت یُتھ زَن ئہ پٔنُن مول غأر منصفانہٕ تہٕ رُسوأیی ہِنٕدِ موتہٕ نِشہِ بچأوِتھ ہکن۔''

دۆیمہِ دۆہہٕ دژ اوسہ گرہسی سٕنز کۆرِ پانس ستی ہیتھ وُژھہِ سان واپس پنہٕ نس مُلکس کُن۔ اوٚت وأتِتھ دوریا وسہ جلدٕے محل خانس منز تہٕ وۆنُن مأ لس تہِ کینژہ ھا یہِ أمی بۆز زمُت اوس۔ بچور وزیرِیُس موتہٕ کہِ بیہِ زنتہٕ گوڈٕے مۆ دمُت اوس سہ آو تمی ساعتہٕ بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تیمس أمی سو خبر وُژ یوسہٕ اَمی ساعتہٕ أمی سُند نچو ہیتھ آمُت اوس۔

بادشاہَن وۆن ''سوالے چھُنہٕ۔''

وزیرَن دِتُس جواب ''عالی جاہ۔ مگر یہِ گژھہِ یی اَسُن تہٕ یہِ کینژھ ھامےٚ بۆزتہِ

ثابت کرنہٕ خاطرٕ چھُس ئہ توہہِ التجا کران زِ توٚہی بُلاٚ ویٚو کھ پنٕنہٕ نِس محلس منز کاٚم کرَن واجنہِ سارے زنانہٕ مُلازم اَکی ساعتہٕ تہٕ تِمَن دِیو حُکم زِ تِمہٕ تارَن اکہِ پیٚٹھی ووٚڈھ یُس گوڈَے کھنناونہٕ پییہِ۔ اَتھ آزمایشہِ منز روزِنہٕ تِتھِس شخصس پننہِ نقلی زنانہٕ آسنُک خیالے۔"

بادشاہَن کھنو وچاہ تہٕ دِتُن محل خانہٕ چَن سارِنے زنانہٕ مُلازِمن حُکم زِ توٚہی تارِو اَتھ ووٚڈھ۔ سارِوے کُر کوٚشش مگر صرف گیہِ اَکے کامیاب۔ سوے اَکھ اُس پوٚتُس مَرد!!

تِتھہٕ کنِز سَپز ملکہ مطمئن تہٕ وفادار بُڈ وزیر تہٕ بچاو۔

اَمہِ پتہٕ یوٗت جلد ممکن سَپُد تہٕ تیوٗت آو وزیر زادِ تہٕ گرٕ ہِسی ہِنزِ کورِ ہِنٛدِ کھاندرُک انتظام کرنہٕ تہٕ سَپُد یہِ کھاندر۔ یہِ اوس اَکھ سبٕتھے خوش گروٗن کھاندر۔



(راوی: لوٚس۔ سرینگرس نکھہٕ سونوار گامُک اَکھ زمیندار)

# نأگُراے تہٕ ہی مال

یہِ اوس اَکھ غریب برہمن تیٚمس سودارام ناواس۔ تٔمی سُنٛد کُل سرمایہ اوس اَکھ الرِٕونٛی جایہِ پُھر اتہٕ اَکھ خود غرض زُنانہٕ یوسہٕ اُتی تتان تہٕ اُتی تران اُس تہٕ تیٚمس یہِ پٔنٛنۍ آشنۍ اوس وَنان۔ یہِ زنانہٕ اُس اُمس بُڈ ازمأیش۔ تٔمس اوس نہٕ گرچہ غریبیہ ہُنٛد زیادٕ تفریق تہٕ اَکثر اوس ونان ''پرمیشورن زَن دِیُت نہٕ مےٚ زیادٕ تہٕ یُس گُس چھُس زِ تٔمی ہِنٛدِس یژھنس پیٹھ کرٕ بہٕ شکایت؟ مگر پربتھ گرٕ اُمس لکاتھ زنانہٕ ہنٛز بےعزتی تہٕ درِٕ ہ کھاٚلنۍ تہٕ کُنہِ کُنہِ ییلہِ عام دوہَن برعکس کم پہن زیٚومت اوسُس آسان تہٕ اُمی سُنٛد مار برداشت کرُن اوس اُمی ہِنٛدِ خأطرٕ سیٚٹھا زیادٕ (عذاب) لہٰذا کوٚر اُمی یہِ ترٛاَوِتھے ژھننک فأصلہٕ۔ اکِہ دوہہٕ صُبحأے وٚنیس اُمی ''میأنی ٹأٹھی، مےٚ بوٗز زِ ہندوستانس منٛز چھُ گُس تانی بادشاہ پرٛبتھ دوہہٕ پانٛژھ لچھ روپیہ غریبَن بأگراوان۔

مےٚ کوٚر اِرادٕ زِ بٔتہٕ گژھہٕ تہٕ کرٕ اُمہِ خأرٕ تہٕ منٛز حأصل کرنٕچ کوٗشش۔''

زنانہِ وٚنُس ''ٹھیک چھُ ــــ مےٚ پھیرِ نہٕ چون۔''

برٛہمنن کٔری جلدٕ ـــ سفرٕ خأطرٕ پٔنٛنۍ کینٛہہ چیز تیار تہٕ سیٚد رولنہٕ۔

اَمہِ دوہہٕ پوٚک سُہ کُنہِ جایہِ تھکھ دِنہٕ ورأی سیٚٹھا تیز یوٗت تانی سُہ اُکِس جنٛگلس منٛز ووت تہٕ اَتہِ صاف تہٕ میٹھہِ آبک اَکھ ناگ وُچھ۔ اَتہِ ترٛووأی پٔنٛن بوکھچہِ

تہٕ بیٚوٚٹھ اٲتی کینژھا کھینہٕ تہٕ تھکھ تہٕ نِندٕر تٕرٛ اونہٕ خاطرٕ پَتھر۔ سُہ اوس شۄنگِتھے زِ ناگہِ منٛزٕ کھۄت اَکھ سَر پھہٕ بچاتہٕ ژاوتَتھ پھُٹجہِ منٛز۔ یتھ منٛز برٛہمنس ژوٗ ٹاوۄ ٹاأس۔ کتھہٕ تانی پأٹھی گوو برٛہمن ہُشار تہٕ اَتہِ وُچھن سَرُ پھ۔

"اوٗ ہ! اوٗ ہ! یہِ کیٛاہ! تُمی وۄن کھۄژی ہیٚوٚتہٕ کۄرُن پھُٹجہِ گۄل بنٛد۔

اٲمِس آو خیال زِ چھُنا صلاح ژٕ گژھہٕ واپس زنانہِ نِشہِ تہٕ تُمِس دِمہٕ سأئلم کینژہہ ہیتھ یہِ پھُٹجِ "سو مُژراوِ اَتھ ضرۄر" اٲمی سۄنٛچ" تہٕ اورِ نیرِ سَرُ پھ تہٕ بچھس تہٕ ژٕ گژھہٕ آزاد۔" اٲتھی خیالس منٛز دژ اوسہ خوش پأٹھی پننہِ پَہرِ گُن۔ گرٕ وۄت تہٕ کۄرُن پننہِ زنانہِ آلوٗ "ہَتے میأنی ٹأٹھی آشنہ۔ مےٚ پیوٚ واپسے یُن ژٕ ہیٚوٚکُس نہٕ ژےٚ نِش دوٗر روٗزِتھ۔ رَٹھ یہِ گیٚیے ژےٚ میأنہِ طرفہٕ ڈالی تہٕ مےٚ دِمعأفی تہٕ ژٕ سوچی نہٕ زانٛہہ وۄنی نیبر گژھنک"

زنانہِ وۄنُس "یہِ کیٛاہ چھُ؟ کیٛاہ چھُ؟ یہِ کتھہٕ پأٹھی؟ ہاوِ مےٚ"

برٛہمَن وۄنُس "نہ۔ ییٚتھ نہٕ۔ پگہ گَھس ژٕ ہیٚرِ مِس کُٹھس منٛز تہٕ تتی وُچھکھ۔"

تِم کھٕتی یکجا ہیرِ تہٕ ہیٚوٚر روأنتھ پلنأوِس برٛہمَن پھُٹجِ تہٕ دۄ پنُس اَژ اندر کمرس منٛز تہٕ اٲتی مُژراو۔ تَمہِ کۄریی۔ سَرُ پھ اوس پھُٹجہِ منٛز تنگ گۄمُت تہٕ سُہ دژ اونیبر ییمہِ ستی یہِ زنانہٕ حأران تہِ گیہِ تہٕ کھۄژتہِ۔ تَمہِ ترٛ اۄنٛجِ پھُٹجِ اٲتی تہٕ چھےٚ زۄلرٕ زٕ کمرس منٛز اورٕ یور دَوٕ دَوکران۔ سو روٗزِ منٛٹن دَہَن مَرَن یی کران زِ اچانک وُچھ تَمہِ اَکھ گاش۔ زن تہٕ یہِ زوٗن گہہ اٲس ترٛ [illegible] گۄواَتہِ ظأہر۔ یہِ وُچھتھ

گیس زبردست خوشی تہٕ شادمأنی۔ تمہِ دِژ خانہٕ دارس کربکھ یُس نیبر گنہٕ درواز چیر بند اوس رُٹتھ۔ زِ ہے وولہٕ اُژتہٕ وُچھ یہٕ بوٚڈ عجایبات۔ مگر تمی کوٚرُس وُلی وُلی نکارتہٕ وۄنُس مےٚ پھٹنہٕ پان بچھناوُن۔ زنانہٕ چھس یورٕ آلوس پیٹھ آلو کران مگر سُہ چھس نہٕ اندراژُن مانان۔ مگر اُخرس ییٚلہِ اُمس زنانہٕ ہنٛزِ گتھہِ منٛز خوشی ہش باسیہٕ اُمی تھاوٕ دروازس کھرٕ کھ ہش ییٚلہٕ۔ دِژِن اندرٕ کُن نظر لتہٕ وُچھن عجیب چیزا۔ "یہِ اوس نہٕ سَرُ پھ یُسں مےٚ پھُٹجہٕ منٛز تھاوِیا وبلکہٕ اَکھ مأرٕ مۄنٛد لڑکہٕ" اُمی وۄن حأرانی سان۔ یہٕ گوو بڈٕ خوش تہٕ کُرن زنانہٕ تہٕ شُرس میٹھی۔ امی وِزِ گوو زنانہٕ تہٕ خاوندس پانہٕ وأنی صلاح تہٕ اُسی پانہٕ وأنی بڈٕ خوش۔

اَمہِ پتہٕ اوس وۄنی برہمن سیٹھا دولتمند۔ تمی سُند دَیہ وُیت نِچو اوس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ خوٗبصورت بنان تہٕ اُمس تھوو کھنأ گرراے ناو۔ یہٕ لڑکہٕ اوس تیوٗت دانا تہٕ سمجھدار زِ دُوٗہر اُستھ اوس یہٕ داہ دُہر باسان پوٗرٕ مُلکس منٛز اُس نہٕ کأنسہِ شخصس اُمی سنٛز ہش ہُنر تہٕ کأنسہِ آسہٕ نہٕ اُمسِ ستی بحث کرنس رانہٕ دران۔ یدوے یہٕ باہٕ شُر بن ہنٛدی پأٹھی زانہہ تہِ پرناونہٕ اوس آمُت تہٕ کُرتھ تہِ اوس یہٕ سارے زبأنی بوٗلتھ تہٕ پرٕتھ ہُبکان تہٕ سارِنے علمن ہنٛز اُسس زان۔ یہٕ سأرلم اوس اِوٚکنہٕ زِ یہٕ اوس سور گیہٕ آمُت لڑکا۔

نأگرراے نہٕ سُتمہِ وَہرِ وادِ پتے وۄن اکہٕ دوہہٕ اُمی پنٕہ نِس اُمس مونگتہٕ سأرلس زِیٚہ کرِہا گنہِ صاف ناگس منٛز سرٕ ان "یہٕ گوٚھہِ اَکھ سیٹھے صاف ناگ آسُن تہٕ گرٕ شھہٕ یہٕ موٚکرٕ"

مأڈی دِتُس جواب ''ٹھیک چھُ۔ مگر شہرس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ صاف ناگا ماسوایہِ اَکھ یُس بادشاہ سٕنٛزِ کورِہٕنٛدِس باغس منٛز چھُ تہٕ اَتھ باغس چھُ تیٚتھ تھوٚد تہٕ مضبوٗط دیوار زِ کہنٛژ تہِ ہیٚکہِ نہٕ اندر اَژِتھ۔

تہِ گرِتھ تہِ لاجٕنأگی راین مأڈِس ٹھأنٛژ زِ ژٕ ہاوِ مےٚ باغس کُن وَتھ۔

برہمن ووٗنُس ''ہرگز نہٕ یہِ چھُنہٕ سوالےٚ زِ ژٕ کیاہ ہیٚکِکھ اور اَژِتھ۔ تہٕ ہرگا أسی بادشاہ ہٕنٛدِ بو سپہو لبٲرِ کُنہِ وجہِ ورأے پکان وُچھ تِم رٔن اَسہِ بادشاہَس نِش تہٕ أسی دٕشوَ یِمو قتل کرنہٕ۔''

نأگی راین تُجس نہٕ توتہِ تھپھ تہٕ دوٗپنَس زِ بہٕ چھُس سورگہٕ کھوٚتمُت لڑکہٕ تہٕ مےٚ ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ زخم تہِ دِتھ۔ تہٕ ہتھہٕ کٔنٛز پہو أمی ہٕنٛدِس مأڈِس مانُن۔

ییٚلہِ یِم باغس نِشہِ وأتی تہٕ نأگی راینَن وُچھ زِ باغس ہُکواہ حفاظت چھےٚ تہٕ أمی لوگ فوٚرَن یہِ ژھانڈُن زِ دیوارس ماپھےٚ کُنہِ وأج یاوُل۔ أمی لوٚب اَکھ لوکٹُے وُل تہٕ یہِ وُچھِتھ گو سیٹھا خوش۔ پانس سَر پھہٕ سٕنٛز شکل بنأوِتھ ژٲولبٲری باغس منٛز۔ اتہِ لوٚب أمی سارِوٕے کھوتہٕ صاف ناگ تہٕ پنُن پان واپس خوبصورت لڑکہٕ سٕنٛزِ شکلہِ منٛز اَنِتھ پتہٕ کوٚرُن (اَتھ ناگس منٛز) وٕلی وٕلی سرٛان۔ مگر تِمی سُند اندر اَژُن تہِ روٗد نہٕ ژوٗرِ۔ شہزأدی یوسہٕ اَمہِ وِزِ باغس منٛز بہتھ أس تمہِ بوٗز آیک صدا تہٕ سوٗزِن پنٛنہٕ اَکھ نوکرأنی یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ یہِ کیاہ اوس مگر ییٚلہِ نوکرأنی اوٗتُتھ وأژ نأگی راین أس پانس سَر پھہٕ سٕنٛز شکل بناوِتھ تہٕ اوس غأب زِن گوٚمُت۔

کینٛہہ دوٗہ گو یِہِ بیٚنہِ باغس منٛز تہٕ لگُن سرٛان گرُوں شہزأدی یَس ہی مال

ناوٲوس سوٲ س اَمہِ وِزِ تہٕ تھٕکھ جایہِ یِیہٕ تہٕ سو پٔتی مہٕ پھِرِ ہتھ اُس تہٕ اَمہِ بُز آ بک شود۔

تَمہِ وۄن "یہِ کُس چھُ؟ یہِ کُس چھُ تیمی تہِ تھہٕ کنٕ میانس باغس منزٕ اژنک تہٕ میانس ناگس منز سرٛان کرنک جرات کوٚر۔ گژھ تہٕ وُچھتھ یہِ "نوکرٲنی گیہِ۔ مگر نٲگی رایس توٚر فِکرِ زِ شاہزادِ چھُ شرارت تہٕ توے کٔرِن جلدی تہٕ ژوٚل۔ لہذا ییلہِ نوکرٲنی آیہِ تہٕ اَتہِ وُچھن نہٕ بڑ وُٹھی ہے پٲٹھی کہنی۔

ترٛیمہِ پھِرِ ییلہِ نٲگی راے اور گووٲمہِ ساعتہٕ اُس ہی مال ناگس نشہِ ہتھ تہٕ وُچھن بلکل واضح پٲٹھی اَمِس سٕیٹھہٕ خوبصورت لڑکہٕ سُند پوٚرِ خولہٕ خط۔ یہِ وُچھتھے سپُز سوٲمِس پیٹھ فریفتہٕ۔ تِتھِس کٲنسہِ ماٲرِ مُنڈِ سُند اوسنہٕ اَمہِ اوٚت تانی بُز مُت تہٕ زانہہ۔ ییلہِ لڑکن واپس پانس سَر پھ بنو تَمہِ دیٚت پننہِ اَکِس نوکرانہِ حُکم زِ ژٕ گژھ اَمِس پتے تہٕ وُچھ یہِ کوٚت گژھِ۔ نوکرٲنی گیہِ تہٕ اورٕ واپس یِتھ وۄنُن زِ سَر پھ بنیاو واپس لڑکہٕ تہٕ ژاوٲ کِس برہمن سُند گرِتیمِس سودارام وَنان چھِ تہٕ مے باسیوٗ دیہِ چھُ تُسُند نیچو۔ پتہٕ وۄن ہی مالہِ پانسے ستیٚ۔ "یہِ لڑکہٕ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ تھزِ ذٲژہنٛد تہٕ یہِ چھُ میانہِ وٲنسہِ۔ خوبصورت چھُ تیٚتھ زِ بیانٕ ہیکہٕ نہٕ سپدِتھ۔ بٔہ کیاز گژھہٕ نہٕ ماجہِ نشہِ تہٕ تَس منگہِ اَمِس ستیٚ کھاندر کرنک اجازت؟" لہذا گیہِ سوٲمی وِزِ ماجہِ نشہِ تہٕ باوُن تَس یہِ دِلچ کتھ۔ زِ اَمہِ رٕکتھہٕ کنٕ وُچھ یہِ ماٲرِ موٚنڈ لڑکہٕ تہٕ گوس اَکی سُند محبت تہٕ یہِ اُس وۄنی نیٚتھرس تہٕ وٲژہرٕ تہٕ اُس وۄنی کھاندرتہٕ یژھان کرٕن۔

مُلکانہِ واتناوٲ یہِ کتھ بادشاہٕ سُند بن کٔن تہٕ سُہ آو پننہِ کورِ نشہٕ تہٕ وۄننس۔

"میانبن اَچھن ہنٛدِ گاشہِ تہٕ میانہِ دِلہِ کہِ ہوشہِ مے بُز چاٲنی خاہش تہٕ پتہٕ بوز زِ خبر

ءکتی شہزادِ چھِ یِم ژٕ ے ءستی کھاندر کرنس سیٹھے خوش گژھن ۔ تمو ے منزٕ یُس ژٕ ے خوش گژھی تٔسی ءستی کرِ ئہ چون کھاندر۔"

ہی مالہِ وۄنُس درجواب "میانہِ مالہِ ۔ مےٚ وُچھ اَکھ خوبصورت برہمن (لڑکہٕ) ییمس مأژس سودارام ناو چھُ ئہ چھس تمی ہسے ءستی کھاندر یژھان کرُن ۔"

بادشاہَن ییلہِ یِمہِ لفظ بۄزی تَس کھۄت سخت شرارت تہٕ وۄننس "میأنی نادان کوٗری ۔ ژٕ چھکھا سمجھان تہٕ ژٕ کیاہ چھکھ ونان؟ سودارام چھُ اَکھ معمولی برہمن ۔ ئہ ءکتھہٕ ءکنی کرِ تمی ءسندِس نیچوس ءستی پننہِ کورِ کھاندر گرِتھ پنُن پان لزھہِ ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ ۔ ئہ وُچھِ پانے ژٕ ےٚ خأطرٕ (لڑکہٕ) ۔ ئہ اَنن چانہِ خأطرٕ دُنیاہک سارِوے کھوتہٕ خوبصورت، امیر تہٕ عزتہٕ وول شہزادِ ۔"

ہی مالہِ وۄنُس "میانہ مالہِ ۔ نہ نہ ۔ یہِ مےٚ وۄنےٚ تہٕ تی ۔ مےٚ کیاہ چھُ سودارام نہِ امیری یا غریبی ءستی ۔ مےٚ چھُ تمی ءسندِس نیچوس دِل دِتمت تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُنہٕ مےٚ ءکہنی کرُن ۔"

اَتھ پیٹھ کھۄت بادشاہس وارےٚ شرارت ۔ أمی سۄنچ ژٕ شہزأدی چھےٚ پۄزی ءکنی پاگل گمژ ۔ اَتہِ سپُد بییہ تہِ کینہہ کلامہٕ تہٕ پَتہٕ دژاو بادشاہ ۔ وارِ وارِ سپُد سُہ تہِ کورِ ہٕندِس اَتھی پیٹھ چھِر لاگنہٕ ءکنی مجبوٗر تہٕ اکہِ دوہہِ صُبحأے دِتُن حُکم ژٕ سودارام أنیوٗن بُلأ وِتھ ۔

برہمن ییلہِ بادشاہ سُند یہِ حُکم بۄزُن سُہ کھۄژ ژٕ خبر مےٚ بُلا وُنہٕ ییک کیاہ وجہ ہیکہِ اَستھ ۔

''خبر بادشاہ صائبس ما آہِ میٲنس نیچوِ ہنٛدِ شہزادِہنٛدِس باغس منٛز پھِری پھِری گرٛشھنگ پےلوٚ گمُت؟ نتہٕ ما آس میانہِ دولتٕہنٛد اَزرُون؟ سُہ کیاہ چھُ مےٚ نِش یژھان؟'' سُہ ییٚمہِ وِزِ بادشاہَس نِشہِ واتناوِنہٕ اوس یِوان تٔمس اُس ذہنَس منٛز یِمہٕ سوال ووتھان۔

اُمِس وُچھِتھ ترٛ وو بادشاہَن زیوٗٹھ ووشاہ تہٕ سونچان اوس ''افسوس! اوٚچھ گُمی سُنٛد نیچو ژور میانہِ کورِ پننہِ کھاندرٕ خاطرٕ؟ بٔ کتھہٕ کٔنۍ وَنہٕ پننٮ۪ن وزیرن تہٕ اُمِس زِ سو کیاہ چھےٚ یژھان؟ تم (وزیر) کتھہٕ کٔنۍ اَسن اَتھ پیٹھ تہٕ کمہٕ ٹسنہٕ کرن! وائے میانہ پانہٕ! بٔ کیا زِ آیاسےٚ دُنیاہس، بٔ کیاہ کرٕ ووٗنۍ؟''

کینٛہہ مِنٹہٕ پتہٕ ییٚلہِ سُہ پننٮ۪ن جامَن منٛز آو تہٕ ووٗن اُمۍ برہمنس ''ہے برہمن۔ مےٚ بوٗز زِ ژےٚ چھی اَکھ سبٹھےٚ گاٹُل تہٕ مارٕ موٗنٛد لڑکہٕ۔ ژٕ دِکھا تٔمس میانہِ کورِ سٟتۍ کھاندر کرنُک اجازت؟''

برہمنن ووٗنُس ''بادشاہ صاب توٚہۍ چھُو پننو تمام کامو کٔنۍ سبٹھا نیک تہٕ ہر رنگہٕ چھُو دانایہِ پھےٚ تُہنٛز مےٚ پیٹھ سبٹھاہ بڈٕ عنایت زِ توہہ کرٕ واتھ معاملس متعلق مےٚ سٟتۍ گتھ۔ بٔ چھس تُہنٛد ادنا تہٕ وفادار رعیت تہٕ بٔ چھُ صرف تُہنٛز ترقی تہٕ خوشحٲلی کانچھان۔''

پتہٕ دِیُت بادشاہَن نۆو مین حُکم زِ تم وُچھن کھاندرٕ خاطرٕ رُت ساعت تہٕ سودا رام آو واپس گرٕ۔ یِہ بچور آو خوٚشی تہٕ افسوسکی رَلہ مِلہٕ احساس ہیتھ واپس۔ بادشاہ سنٛدِ طرفہٕ اُمس عزت تہٕ احترام کرنہٕ پنہٕ کِہ خیالہٕ اوس سُہ خوش مگر سٟتۍ اوسُس ییٚمہِ گتھہِ

کنِہ افسوس تہٕ زِ اَتھ کھاندرس یُس بارٕ خرچا لگہِ تَتھ کیاہ بنہِ۔ "یہ کتہٕ انہٕ تیتی پئسہٕ ییمہٕ تِتھس موقس پیٹھ ضرورت پیِن؟" سُہ اوس پانہٕ سے سِتی سوچان،

گرِ وأنتھ وۄن أمی سوزٕ کینٛہہ زنانہٕ تہٕ نیچوٗس۔

نیچوِ وۄنُس "مَہ ہے غم۔ مگر ژٕ گوہ بادشاہَس نشہِ تہٕ پرٛژھُس زِ سُہ کیاہ چھُ یژھان زِ آیایہ گرِ ھا تمِس نشہِ ساد پأٹھی کنہٕ بڈٕ حیہ تہٕ زبیہ سان۔"

سوٗدارام گووٕ یہِ جواب بۄزِتھ سبٹھاحأران تہٕ وۄننس "میانہِ گوٗ برا۔ مےٚ چھُ یہ دِلَس بہتھ زِ ژٕ کرناوَکھ مےٚ بادشاہس اَتھِ قتل۔ یُہ چھُس امیر مگر بادشاہٕ سندِ ہِن ذٕ ریعن نسبت کیاہ چھےٚ میأنی دولت؟"

لڑکن وۄنُس درجواب "مےٚ وۄن مے نا۔ مَہ بَرغم ژٕ کر پرٛژھ زِ مےٚ چھُ تیوٗت خزانہٕ ییٚمہِ کہِ مولُک اندازے ہیکہِ نہٕ کرنہٕ یتھ۔"

بیٚیہِ دوہہٕ صُبحس گوو برہمن بادشاہس نِش تہٕ أمِس آوز بردست استقبال کرنہٕ۔ بادشاہَن وۄن زِ یُہ چھُس یژھان زِ لڑکہٕ گرِ ھہِ کھاندرس پیٹھ سبٹھے شان و شوکت سان یِن۔ پَتہٕ دژاو برہمن واپس گرِتَس أمس خوفہٕ سِتی نٔھ نٔھ تہٕ سُہ اوس حأران زِ یہِ کتھہٕ کنہِ ہیکہِ سپد تھ۔

کھاندرٕکہِ دوہہٕ أمس سأرِی سے شہرس منز زبردست خوشی تہٕ ووسہٕ دروسہٕ۔ لۆکھ أسی پنٛنی سبٹھے تھٔدی پلو لأگتھ۔ پرٛ یتھ طرفہٕ اوس گیوٚن تہٕ موسیقی چلان۔ بادشاہَن تہِ اوس باقے مُلکن ہندِ بن بادشاہَن ہنٛدِ خأطرٕ سبٹھاہ تھوٚد استقبال کوٚرمُت تہٕ بڈٕ کھوتہٕ بڈٕ سالُک اوس انتظام کرنہٕ آمُت۔

تَمہِ دوہہ صُبحس کیٚتھ اوس برٛہمن پننہِ گرٕ بتھ الوٗنڈ ترٛاوِتھ ہتھ یتھ پٔٹھ غم تہٕ خوف نوٗن اوس۔ اَمی اوسنہٕ کھنہِ تہِ انتظام کوٗرمُت۔ اَمی اَسی نہٕ پنٕنی معمولی پلو تہِ بدلاوی ءتہٕ تکیاوِ زِناگ رااین اوس تَس لی وؤنمُت۔ اَخرس ییلہِ وؤنی مقرر سپد یمتس ساعتس صرف اَکھ گاٚنٹہٕ اوس روٗد مُت تہٕ لڈٕگن وؤن اَمِس "پکھ تہٕ رٔٹھ میاٚنی خزانہٕ" پٕتہٕ لیچھ ناگ رااین کاغذس پیٹھ اَکھ چٔھی تہٕ دِژن پٔنہٕ نِس مأہلس تہٕ وؤنس "ژٕ گژھ فلأنی ناگس پیٹھ یہِ چٔھی ترٛاوتھ مٔنزٕ تہٕ یہِ پانہٕ واپس" سوداراَمن کوٗر یی تہٕ واپس یُون ییلہِ سُہ گرٕ نزدیک ووت اَمی بوٗزانہِ ڈولن نگارن تہٕ سورٛینَن ہُنٛد زبردست شور بیٚیہِ وُچھن سبٹھٕے خوبصورت لبأسَن منٛز وارِیہہ سپاہ تہٕ بیٚیہِ سبٹھاہ امیرپأٹھی گُربن زین سازپأرتھ۔ ہستیٚن پیٹھ سون، روپھ تہٕ لال جوٗاہرن ہٕندی خزانہٕ تہٕ ہوٗس منٛز سبٹھٕے خوش بوٗنہِ عطرِ ہُنٛد مُشک۔ اَمی سوٗنٛچ زِ شاید چھُ کانٛہہ ووپرٕ طاقتور حکمران بادشاہس ستی جنگس پیٹھ ووتلتھ آمُت تہٕ پٕتہٕ ییلہِ یہِ بوزن زِیم سپاہ، ہُسی تہٕ گُری چھِ اَمی ہٕندِس نیٚچوی ہٕندِس حُکمس تحت اَمی ہٕنزِ خدمت گذأری خأطرٕ سُہ سپُد تیوٗت حأران ییمیک نہٕ کانٛہہ اندازے ہیکہِ کرِتھ۔

سوداراَم ژاو ووشوا کَڈِتھ گرٕ تہٕ اَتہِ وُچھن ناگ رااے پانس شأہی لباس لاگان۔ کیٚنہہ خوٗبصورت پلو(ہتھ) اَسی اَمِس تہِ اَتہِ پٔزاران۔

اِمہٕ پٕتہٕ دژ اَے یم دونوٚے شان وشوکت سان نوکر چاکر ہتھ محل خانس کُن۔ بادشاہَن ییلہِ نکھہٕ پٕہن وأتتھ یہِ جلوٗس وُچھ تہٕ تِمَو وؤن پٔنہٕ نِشن وزیٖرَن۔ "یہِ ہیکہ نہٕ سوداراَمُن نیٚچو اَستھ۔ یہِ چھٕے کیاہتام بدلے ڈٕلیل۔ یہِ چھُ ضروٗر کانٛہہ شہزادٕ

نتہٕ ماچھُ کانٛہہ دیوتا۔"

مگر تِمس ژوٗل جلدٕ ے یہِ پھُرٕ ٹھ ییلہِ تِمی برہمن تہٕ اُمی سُند ماری موٚند نچُو وُچھ۔ کھاندرچ تقریب آیہِ سبٕٹھُے شاندار طریقہٕ انجام دِنہٕ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چیز سپُد سبٕٹھُے مطمئن پاٹھی۔ سُہ اوس پرٛتھ دوہہ دربارس منٛز حاضر روزان تہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ کالی دِتُس بادشاہَن اجازت زِ سُہ بناوِ دٕریاو بٹھس پٹھ پنٕنہِ خاطرٕ اَکھ محل خانہٕ۔

ہُپاری آسہٕ ناگ راییس ہی مالہِ ہُر یمانہٕ بیٚنہِ تہٕ زنانہٕ تہٕ یمہٕ سارے تِمی کٕرِ سٕندِ واریہَس وقتس یمَن نِشہِ دوٗر روزنہٕ کِنۍ سخت ناراض آسہٕ۔ تمہٕ آسہٕ سارے سمیٖتھ یتھ زِ تِم یہِ فاصلہٕ نٕہن زِ تِمن کیاہ پزِ پنٕن خانہٕ دار واپس اَننہٕ خاطرٕ کرُن۔ واریہہ صلاح مشورٕ کرنہٕ پتہٕ ہیوٚت یمو منٛز اَکہِ زنانہِ یہِ مٕتہِ زِ سوٗرٕنہِ یہِ ذِمہٕ داری۔ تمہِ بنوو اَکِس وِہی کار زنانہِ ہُنٛد حُلیہِ پانس تہٕ تِلن پانس ستی کینٛہہ شیشہِ بانہٕ یمَن یہِ طاقت اوس زِ ہرگا ناگ راے یمَن وُچھِہے تہٕ تِمس پیہَن تمی ساعتہٕ پننہِ باقٕے زنانہٕ یاد تہٕ واپس تِمن نِشہِ واتنچ تیٖرٕ ہَس گل۔ یہِ زنانہٕ گیہِ ناگ راے نِس محل خانس نِشہِ تہٕ روٗز گوٗس۔ اکہِ دوہہٕ ییچھ اُمس ہی مال تہٕ تِمس ووٚنُن زِ یہ چھس شیشہِ بانہٕ کِنان تہٕ ووٚننس زِ ژٕٹے کِنٕے یہِ پنٕنی سبٕٹھُے موٗللی شیشہِ بانہٕ سبٕٹھُے سو گہِ مولہٕ۔

ہی مالہِ وُچھ یم چیز تہٕ ہیٚتِن کینٛہہ مُلی۔ شامس ناگ ہاوِ اَمہِ یم موٗلی ہیٚتی ستی چیز ناگ راییس۔ تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ دوٚپنس زِ یمَن کر پھُٹرٕ اَتھ چوٗرٕ تہٕ ووٚننس "یمہِ بیوٗر اَسی زبنہٕ تتھس کانٛسہٕ شخصہٕ سُند کینٛہہ بوزان تہٕ نہ اَسی زِ یمَن کانٛہہ چیز ہوان۔" اَمہِ ستی پھُٹچہِ پوٗرٕ پاٹھ تمہٕ وومیز یمہٕ اُمس وِہی کار سَر پھنہِ سینس منٛز

ۂ تھ آسہٕ تہٕ لہٰذا گیہِ سو واپس۔

اَمہِ پَتہٕ کوٚرٲمی سٕنٛز وواریہٕ نوزنانو منٛز اکہِ سَر پھنہٕ اِرادٕ زِ سو کرِ پننی کوشش۔
سو آیہِ چنڈٲل بُتھ تہٕ وٲتٕ ہی مالہِ نِشہٕ تہٕ ووٚننس ''شہزادی بہٕ چھُس ذاتٕ کنی واتج تہٕ
بہٕ چھُس پننی خانہٕ دارن ناگی راین ترٲوِتھ تِھنی ہٕش۔ مےٚ وَنتہٕ تِمے ماوٗ چھتھن سہٕ یا
تَس متعلق مابۄزِتھ کینٛہہ''۔

یمہِ کتھہِ بۄزِتھ کھوٚت ہی مالہِ سخت شرارت تہٕ سیٹھہٕ زہر سان ووٚنُن ''میوٚن
خانہٕ دار چھا واتُل۔''

زنانہِ ووٚنُس ''مےٚ چھُنہٕ پتاہ مے گژھِ پنُن خانہٕ دار۔ ہرگا تِمے پنہٕ نِس
خاوندٕ سنٛزِ ذاتٕ پیٹھ شک چھی تِ ہیکِکھ سہَل پأٹھی پنہٕ نِس پانس تہٕ پأٹھی تسلی کرِتھ زِ
تِمس وَنکھ مےٚ ہاوٕ پننی ذات ناگہٕ کہِ ذریعہِ۔ سہٕ یُس آبس منٛز تہٕ ہرگا سہٕ اوٚری گوو
تیٚلہِ زانٲی زِ شہزادی زِ سہٕ چھُنہٕ واتُل۔''

ہی مالہِ بۄزاِمس زنانہِ ہُندیہِ جواب سیٹھا دلچسپی سان تہٕ سیوٚد دے گیہِ تھوٚد
وُتھتھ تہٕ وٲتِ پنہٕ نِس خاندارس نِشہٕ تہٕ ووٚننس زِمےٚ بۄزِ چھکھ واتُل تہٕ بہٕ چھُس نہٕ
یژھان زِ یہِ کتھ گژھِ پھاٲلنی توے ووتھ تہٕ وات ناگس پیٹھ تہٕ تَتہٕ ہاوِ تِمےٚ تہٕ باقے
سارِنے لۄکن پننی ذات تہٕ ثابت دِکرِتھ زِ یہِ چھُنہٕ پوٚز۔ تیٚلہِ ناگی راین یہِ بۄزِ تمی دِژ
شرارتس منٛز کربکہٕ تہٕ زنانہِ کرِن سخت بوٲری زِ تِمے بوزتھ ییٚہِ شکس لد تہٕ جاہل زنانہِ
ہنٛز کتھ۔ تہٕ ووٚننس ''مےٚ چھُ پتاہ تِمے کِمس نِش بۄزِتھ یہِ ڈلیل۔ سو چھُنہٕ تِکہِ
زنانہِ۔ تِمس چھےٚ مےٚ متعلق دلچسپی تہٕ سو چھےٚ اَسہِ دوٚن ہنٛز جدٲلی کانچھان۔ تِتھن

لوٗگن اُسی زبنہٕ پڑھ کران۔"

ہی مالہِ ووٗنُس "میٲنہِ معشوقہٕ۔ یُہ چھُس نہٕ تِمَن پڑھ کران۔ مگر میٲنہِ خٲطرٕ کر

تہٕ سےٚ ہاوِنٛز ذات۔"

اَمہِ پتہٕ سَپُد بیٛیہِ تہِ بحث یُد وَے زن ٲگر راین زارٕ پارٕ کریٲنُس زِےٚ مَتہٕ

کرتہٕ یہِ ازمٲیش مگر ہی مالہِ تُجس نہٕ ہرگزتہِ تھچھ تہٕ اُخرس کوٚرُن سُہ ٹِنٛز یہِ یڑھ پوٗرٕ

کرنہٕ خٲطرٕ مجبور۔ اَمہِ پتہٕ دڑاے تِم دوٚنوٚے ناگس کُن۔ اوٗت واٲتِتھ ووٗتھ نٲگ

راے (آبس منٛز) تہٕ تتھےٚ کی ٹِنٛز کھور آبس منٛز ترٛاوِ تِمَن آیہِ چیرٕ سان رَزٕ گنڈنہٕ یِمہٕ

سرپھنوٗ امی خٲطرٕ خاص پٲٹھی بناوِمٕژ آسہٕ۔ نٲگ رالیس توٚ راَمی ساعتہٕ فِکرِ زِتَس آے

کھور تِتھہٕ پٲٹھی گنڈنہٕ زِتَس اوسنہٕ ووٗنی کانٛہہ تہِ موکلن پاے تہٕ کُنہِ وُنہِ ہرگاسُہ آبہٕ منٛزٕ

ہیوٚر رکھَسہِ تہٕ تیٛلہِ، ہیکہِ سُہ یِمَن اُتی ترٛاوِتھ۔ اُمی ووٗن پننہِ زنانہِ یہِ مگر تِمہِ کوٚرُس

یَتھ گتھہِ پیٹھ ضد زِژےٚ چھی برابر (بوڈنس) تانی اُتی روزُن۔ رَسہٕ رَسہٕ مگر (پننہِ کتھہِ

پیٹھ) پوٗرٕ یقینہٕ سان گو وناٚگ راے بوٚن بوٚن وسان یوٚت تانی سپنس تانی تِمس آب

ووت۔ پَتہٕ پھیکین تانی، پَتہٕ گردنہِ، اُسَس تہٕ اُچھَن تانی پَتہٕ گوس ڈیکس پیٛٹھی تہِ

آب تہٕ ووٗنی اوس نہٕ اتہِ کہنہِ تہِ نوٚن ماسوایہِ تِمی سُند ژھوگ۔ ہی مال سَپزٕ مطمئن تہٕ

دِژنَس ژھاٲ گس تھچھ یتھ زَن اَتھ لُمتھ خانہٕ دارس آبہٕ منٛزٕ کھالہِ ہے۔ مگر افسوٗس تِمس

آے صرف کینٛہہ مَس وال اَتھس منٛز۔ نٲگ راے اوس پنہٕ نبو سرپھنہِ زنانو واپس

نِمت تہٕ ہی مالہِ اوس پٔنن یہِ مٲرِ موٚند تل پاتا لُک خانہٕ دار روومُت۔

انتہٲیی دوکھہِ ہُش آیہٕ ہی مال واپس محل خانہٕ مگر اتہٕ کتھہٕ روزِ ہے سوخوش لہذا

دژ ایہِ کِہے کاٗلی اَتہِ تہٕ بناٗوِن سۆرکہِ پیٹھ اَکھ بڈٕ کاروانہٕ سراے۔ اَتہِ اُس سو پٔنُن زیادٕ تر وقت تہٕ دولت غریبن ہندی تکلیف دۆر کرنس منٛز خرچاوان۔ یِم اور کھنٛچو کھنٛچو یوان اُسی تہٕ ناٗ گر راے ہنٛدِ ناوٕ خاٗرات اُسی منگان۔

اَمہِ پتہٕ وار یَہہ کاٗلی ییٚلہِ اَمہِ پٔنُن الہِ پلہِ سأئلم داشت نداشت تہٕ زُو تمن بیمارن تہٕ غریبن پیٹھ گاٗلتھ موکلوویم تَس نِش کھنٛچو واتان اُسی زِ اَکھ دوہہٕ آو اَتھ کاروانہٕ سرایہ پیٹھ اَکھ انتہاٗیی غریب انسان اَکھ کۆرا ہتھ یوسہٕ تِمس کۆر اُس باسان۔ یِہنٛز غربت وُچھتھ ژھینٛی ہی مالہِ واٗنٛج۔ اَمہِ وۆنُکھ ”دٕلو اُژو۔ کاش ٔبہ ہکہٕ ہَو توہہِ کینٛہہ مدد کٔرِتھ مگر مےٚ چھُنہٕ وۆنی کہنٛہ تہٕ سوایہِ یہِ سونہٕ سُنٛد وو کھُل تہٕ کاجہِ ووٹھ۔ وۆل گو وٕبہ دِموتو ہہِ یِیےٚ۔ پتہٕ تژاوٕ بہٕ لَرِتہٕ مرِ تھِے ستی۔ واے میانہٕ پانہٕ۔ گتھ کرِتھ چھُس وۆنی زِنٛدٕ؟“

یہِ بیٛچھوٗن تہٕ اُمی ہنٛز کۆرروٗدی اَتھ راٗژ کاروانہٕ سرایہِ منٛزے مگر نیرنہٕ برٛونٛہہ وٕنس اُمی بڈٕ موٗہنوی یہِ دٔلیل:

”اے شہزاٗدی۔ اُسی زٕ ییٚنے ٔبہ تہٕ میاٗنی یہِ کۆر چھِ ہر ہمیشہِ یِڈ ہنٛدِ تاونہٕ پھیران آسان۔ راتھ واٗتی اُسی اَکِس جنگلس منٛز تہٕ اَتہِ وُچھ اَکھ ناگ تہٕ امیک صاف تہٕ چنہٕ خاٗطرٕ مزدار آب وُچھتھ کۆر اَسہِ راتس اُتھی جایہِ روزنک اِرادٕ۔ اُسی شۆنگی اَتہِ نکھےَ اَکِس کلی ددرِ منٛز۔ اُسی اُسی ہُشارٕ ے تارکھ گٔنزران زِ اَسہِ گووکنن شور ہیوٚ تہٕ اورٕ کُن نظر دِتھ وُچھ اَسہِ اَکھ بادشاہ پٔنُن اَکھ باٗرٕ فوجا ہتھ ناگہٕ منٛز کھسان۔ ییٚلہِ اُخری سپاہ ناگہٕ منٛز کھوٚت تہٕ اَمہِ پتہٕ سپٕز کھنٛچ تیاٗری۔ کال کھہنہٕ برٛونٛہہ دِژ بادشاہن

گوڈ قربأنی تہٕ پَتہٕ بیوٗٹھ سہ تہٕ تِمۍ سُند سورُے فوج کھیٚنہِ۔ کھینہٕ ہِن کھبتھ ڈٲٹھ
بادشاہَس ورأے سأری نفرناگس منٛز تہٕ دزاے نہٕ پَتہٕ ژٹی۔ اَتہٕ رُؤد دوٗنۍ صرف
بادشاہے یوت تہٕ أمِس أس اَتھَن منٛز اکھ بَتہٕ تھالُیا۔ تہٕ تتھے سورُے فوج نظرن
ژھایہِ گوو بادشاہَن کوٚر بڑ آلو" یئتہِ چھوا کانٛہہ غریبا؟ یہِ بوٗزِتھ گےٚ أسۍ أمِس
برٛ ونٛہہ کُن تہٕ بادشاہن پلنأ واسہِ یہِ بَتہٕ تھالِ تہٕ ووٗنُن "یہِ چھےٚ بیقل ہی مالہِ ہِنٛدِ ناوِ"
پَتہٕ ووٗتھ سُتہِ واپس ناگس منٛز تہٕ بیٚیہِ اوس سأرُے کینٛہہ گوڈنکی پأٹھی۔"

یٚیتِس کالس یہِ ذٲلیل وَننہٕ آیہِ تتھ دوران کیٛاہ حالت أس ہی مالہِ تہٕ ہیکہِ نہٕ
باونٕے یتھ۔ باسان اوس تَس گووشہے بند۔ أچھ ہیٚڑنس نہر پھٹِتھ نیرنہٕ، سأری ہے
پانس اوسُس تھرتھرِ ستی الہِ اکہِ گڑھان۔ تَس اوسنہٕ تہٕ وَننے تگان یہِ سو محسوٗس أس
کران تہٕ یتہِ اوسُس نہٕ فِکرِ تران زِ اَتھ خوٚشی منٛز کیٛاہ أس سو کران تہٕ ونان تِکیٛا زِ تَس
اوس یہِ پوٗرِ پأٹھی بہتھ زِ یہِ بار ستہٕ بادشاہ اوسنہٕ أمۍ سِنٛدِس ٹاٹھس نأ گِ رالیس ورأے
بدل کانٛہہ۔ تمہِ دُیت یہِ سونہٕ سُند وو کھُل تہٕ کاجہِ ووٹھ أمِس بُڈِ بچھوٗنس تہٕ ووٗننس
"اے نیک شخصہٕ، یہِ شوٗبی ژےٚ۔ مگر مےٚ پیٚٹھ کرتہٕ بیٚیہِ تہٕ مہربأنی مےٚ ہاوتہٕ سو جاے
یئتہِ ژےٚ یہِ عجیب نظارٕ وُچھتھ"۔ أمۍ بُڈِ شخصن ییٚلہِ یوٗت قیمتی تحفہٕ أمِس زِنہِ روٗٹ
تہٕ سہ اوس شہزادِ خأطرِ کینٛہہ تہٕ کرنس تیار فورن ووتھ تہٕ دراو أمِس یہِ ناگ ہاونہِ۔

ییٚمہِ وِزِ ہی مال تہٕ یم بچھوٗنی اوروأتی اَمہِ ساعتہٕ اوسن شام ہیوٚ تمت سپدُن
لہٰذا کوٚر یمو أتی رات گزارنک فأصلہٕ۔ بُڈِس تہٕ لوکچہِ کوٚر ییٚیہِ جلدٕے ہِنٛدِ رگر ہی مالہِ
اوس یہِ پوٚختہٕ ارادٕ کوٚر مُت زِ سو روز زِ پوٗرِ راتس یہِ وُچھنہٕ خأطرِ ہُشار زِ بادشاہ مایہِ پِٹن

فوج ہیتھ دُبارٕ اُتھ جایہِ۔ تَس پیوٚ نہٕ مایوٗس سپدُن۔ نصف شبس ہیوٚ یِیلہِ پٔز بتھ لحاظہٕ ژھوپہٕ تہٕ شانتی اُس زِناٗ گِری راے تہٕ تِمی سُند میزبان گوو ظاہر تہٕ بڑو ٹھٹھی پاٗٹھی آیہِ اکہِ بٔڈ ساپلچ تیاری کرنہٕ۔ کال کھبنہٕ پتہٕ گوو فوج واپس تہٕ بادشاہ روٗ داتی یِیلہِ ووٚنی سأری ناگس منٛز واپس وٚستھ غاٗب سپدی بادشاہَن کوٚر بڑو ٹھٹھی پاٗٹھی آلو "یِیتہٕ چھا کانٛہہ غریب نفر ا؟"

ہی مال وُچھ پٔٹن خانہٕ دار گنے زوٗن تہٕ اَمہِ شان وشوکت تہٕ تھز رٕ بجرٕ سان اُمِس وُچھتھ ہیچ نہٕ بڑو نٛہہ کُن دَو تُلتھ اُکی سِندِس اتھس تھپھ کرنہٕ نِشہِ پتھ روٗ زِتھ۔ "میانہِ ٹاٹھہِ ناٗ گِری رایہِ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژٕے ورأے زِندٕ روٗ زِتھ۔ مےٚ دِمعاٗفی۔ مےٚ بَرٕ لول۔ بٔکھ تہٕ روز ووٚنی دُبارٕ مےٚ سٟتی" اَمہِ ووٚنُس۔

ناٗ گِری راے سپد یِتھ ہیوٚ وہار وُچھتھ بظاہر حأران تہٕ ووٚنُس "بہٕ زانتھ نہٕ ژٕ۔" ہی مالہ ووٚنُس "ژٕ وُچھ مےٚ کُن۔ ژٕ وُچھ یِمہٕ اُچھ۔ بہٕ چھُس ناچاٗنی آشنٕ؟"

ناٗ گِری رایس کٔڈ لولن ژھٹھ تہٕ پرزٕ ناٗون یہِ۔ مگر سُہ ہیکہِ نہٕ اُمِس سٟتی روٗ زِتھ تہٕ تِمی ووٚنُس "میانہِ سَر پھنہِ آشنہٕ ترٛ اون نہٕ مےٚ۔ ژٕ نیرِ وٗنی کمبس بہٕ یِیے رٔتس کھنڈرس تانی بیٚیہٕ ژٕے سمکھنہٕ۔"

ہی مالہِ ووٚنُس "نہٕ۔ تہٕ اَنٛدِ نہٕ۔ بہٕ ہیکتھ نہٕ ژٕ ترٛ اُوِتھ۔ ہرگانہٕ ژٕ مےٚ سٟتی بٔکھ تیٚلہِ یِیے بہٕ ژٕے سٟتی۔"

لہٰذا پیوٚ ناٗ گِری رایس یہِ مانُن مگر سُہ کتھہٕ کٔر نہِ یہِ ہےٚ پننہِ اُمِس زنانہِ پانس سٟتی تہٕ اوٚسُس نہٕ سمجھ یِوان۔ یہِ اوس سٟٹھاہ مُشکل معاملہٕ۔ وارِیہہ سوٗچتھ سٔرِتھ تہٕ کتھ

باتھہِ پتہٕ کوٚرأمی فاصلہٕ زِٕبہ بناوِ أمِس گنہِ پھوٚل تہٕ ژلن چندس منٛز تہٕ تتھےٚ کنۍ بیوت ہیکہِ سُہ ناگس منٛز پننہِ روزن جایہِ أمِس واتناوِتھ تہٕ أمی سِنٛزن باقٕے زنانن ہنٛد بوٚ حملو نِشہِ روزِ بچتھ۔

واپس پتُن گرِ واتتھ آیہِ أمی سٕنٛز سَر پھنہِ آشنہِ تہٕ عیال أمِس نِش تہٕ گرٕہَس سلام مگر أمس توٚر فکرِ زِ کیاہتام چھُ گڈ بڑ۔ یمَن چھےٚ ذہنس منٛز کوسہٕ تانۍ ترٛ ہ گتھ۔ یوسہٕ بہٕ مےٚ یم ونان چھِہ۔ تمۍ پرٛژھ یمَن زِ ذٔلیل کیاہ چھےٚ تہٕ ننیاس زِ تمَن أس أمی سِنٛدِس جسمس آدمی بوے آمٕژ تہٕ ییمہ کنۍ یمَن شک اوس سپُد مُت زِ أمی چھُ نیبرِ مہِ علاقٕکۍ کانٛہہ شخص ناگس منٛز اوٚنمُت۔ نأگرایَن وٚن تمَن زِ تُہنٛد شک چھُ بلکل صحیح تہٕ بہٕ ہاونوتوہہِ سُہ شخص مگر شرط چھُ یہِ زِ توٚہی واتناوِونہٕ أمِس کانٛہہ اِذا۔ تمو کوٚر وعدٕ تہٕ تمۍ کوٚڈ یہِ گنہِ پھوٚل تمہِ جایہِ ییٚتہٕ یہِ تمۍ کھٔٹِتھ اوس تھووُمت تہٕ أنن وۄنۍ سو پننہِ اصلی شکلہِ منٛز۔ ییٚلہِ سَرپھنہِ زنانو یہِ جوان تہٕ خوٚبصورت شہزأدۍ وُچھ تمَن آو أمی سُنٛد حسد تہٕ اَمی ساعتہٕ کوٚر یمَو پننہِ نِس دِلس منٛز فأصلہٕ زِیہِ بناوون أسی سارِنےٚ ہنٛز خدمت گارِنۍ۔ تِمس یوسہٕ کأم مَنٛزِ آیہِ تھاونہٕ سوأس اَمہِ عیال کین سبٹھا زیادٕ بچن ہنٛدِ خأطرٕ دود کارُن۔ طریقہٕ اوس یہِ زِ ییٚلہِ دود تیار اوس سپدان تہٕ بانن اوس ٹھس ٹھس کرنہٕ یوان۔ یہِ آواز بوٚزِتھ اوس بچن فِکر تران زِ تہنٛدِ خأطرٕ سپُد کھین تیار تہٕ أسی ہی مالہِ نِشہِ واتان۔ مگر ہی مالہِ اوسنہٕ اَمہِ کامہِ ہُنٛد زیادٕ تجربہٕ تہٕ اکہِ دوہہ پیوٚ تِمس چونچہِ ییٚلہِ زن دود دُونہٕ گربکانےٚ اوس۔ سرپھہ بچن باسیاو زِ سأئلم چھُ تیار تہٕ تم دورے سأری سولہرِ منٛز تہٕ نیوٚکھ یہِ دود چیتھ۔ مگر سرپھہ چھِنہٕ گرم دود بلکل تہٕ چیتھ ہبکان ییمہِ کنۍ یم

سأری سَر پھہ بچہ مۆ دکھ ۔ یِہُندن ماجن سُپُد اَمہِ ـکنۍ زبردت دۆکھ۔ گرۍ گرس منٛز دۆتھ وَدنس تہٕ ماتمس ہے ۔ییٚلہِ سر پھننہن تنیاو نِیتھنٛدۍ بچہ اُسۍ ہی مالہِ ہنٛزِ غلطیہِ ـکنۍ مۆدۍ ہتۍ تمہِ گے تہٕ مارٕکھ سوٗتو پوٗستی ۔ناگراین بۆزجلدٕ ے تہٕ سأنلم یہِ سُپُد مُت اوس تہٕ تَس تہٕ گوو ئری پیٹھۍ ماتم۔

اَمہِ پتہٕ کینٛہہ کالۍ بناُوٕکۍ تمۍ اکھ لوٗکٹ چارپاے تہٕ میت اُتھ پیٹھ تھاوِتھ کڈن یہِ ناگہ منٛزٕ تہٕ تھاوِن اَکِس گُلس پیٹھ ۔ پرٕ بتھ دوہہٕ اوس سُہ میتس نظرِ گرٕ ھان تہٕ پتہٕ واپس ناگس منٛز وَسان۔اکہِ دوہہٕ دژاو اکھ سبٹھاہ خداد وس شخصا لیأرکۍ تہٕ اَتہِ وُچھن گُلی لنٛجن منٛز یہِ چارپاے۔سُہ کھوٚت گُلس پیٹھ یہِ زانہٕ خأطرٕ زِیہِ کیاہ چھُ تہٕ اَتہِ وُچھن اُتھ پیٹھ اکھ سبٹھہے خوبصورت زنانہٕ دراز دِتھ۔تمۍ مۆرأو یہِ (چارپاے) تہٕ وأزِن بوٚن۔یہِ جوان (زنانہٕ ہنٛز) خوبصورت لاش وُچِھتھ گوو اُمس زرٕ زرٕ تہٕ کوٚرن نارائنس دُعازِ اُمس بخش تہٕ واپس زندگی اُمۍ سُند دُعا گوو قبوٗل۔ہی مال گیہِ دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ گیہِ اُمۍ سے خداد وستس ستۍ اُمۍ سُند گرٕ۔

ییٚلہِ ناگراے بیٚیہِ پھرِ اُتھ گُلس نِش گوو تہٕ اُمۍ وُچھ لاش تہٕ چارپاے اَتہِ ہمٛرٕ تہٕ گوس ماتم "یہِ لاش نیا کانٛسہِ شخصَن؟ کِنہٕ ہی مال گیہِ دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ ژۆونس بہٕ" سُہ لوگ سوچنہِ تہٕ تمۍ لاج فورَن سۆژھانڈٕنۍ۔سُہ گوو پرٕ بتھ جایہِ اُمس ژھانڈنہٕ خاطرٕ یوٚت تانۍ سُہ اُخرس پیٹھ خداد وست سُند گرٕ ووت تہٕ اَتہِ آلو دِتُن۔ہی مال اُس اَمہِ ساعتہٕ شوٗنگتھ لہٰذا بنوو تمۍ پانس سَرُ پھ تہٕ لوٚت پاٹھۍ چارپایہِ پیٹھ وأتِتھ گرِن پانس اَر۔ییٚلہِ یم دونوے یکجا تِتھہِ پاٹھۍ بسترس پیٹھ اُسۍ تہٕ اُمس خداد وستہٕ سُند نیچو ژاو

گٔرس منٛز۔ أمِس لڑکس اَس ہی مالہِ ہٕنٛز زبردست مالے تہٕ ووٚمید اُسس زِٕبہ گرٕ
اٲی ہٕے ستی کھاندر۔ ییلہِ اٲی پنٕنہِ لولرِ نشہِ چار پایہ پٮ۪ٹھ سَر پھاُرٕکِتھ وُچھ سُہ کھۄژزِ
اٲی ماأمِس ٹوپھ دِژہٕمژ۔ تمۍ کوٚڈ ٲلی ٲلی شرٛاکہٕ پٕچ تہٕ گرِن سَر پھس زٹکرٕ۔ اَمہِ شورٕ
ستی گٔیہِ ہی مال ہُشار ''افسوس! یہِ کیاہ کوٚرُتھ ژٔے؟ تمہِ دِژ کرٕکھ۔ ژٔے
مورتھن مےٚ خانہٕ دار۔ میوٚن ٹوٹھ ناٲگ راے چھنہٕ ووٚنی زِنٛدٕ'' اَمہِ دوہہٕ شامس آیہِ
لاش ژندن زِنی کِس ڈیرِس پٮ۪ٹھ زالنہِ تہٕ تمَن دوہن ہٕنٛدِ رسمہٕ مطابق پٮ۪ٹھ ہی مال تہٕ
لاشہِ ستی ژبِتایہِ پٮ۪ٹھ تہٕ آوٚتس تہٕ داہ دِنہٕ۔

یہِ خدا دوست گوو یہِ دوکھہٕ ہوٚت نظارٕ وُچھتھ زبردست مغموٗم۔ سُہ گوو
ژبِتایہِ ہٕنٛزِ جایہِ تہٕ سوٚمبراوِہن دوٚن لاشن ہٕنٛزٕ اُسرٕ کھ تہٕ تھاوِہن یمہٕ پانس بڑ وٚنہہ گنہِ
تہٕ اوس دوہس راتس باکہٕ ژھٹان تہٕ اوسُس نہٕ قرارٕ ےیوان۔ سبٹھا خوش قسمتی کِنۍ
اوس شِوٕ تہٕ تسنٛزٕ آشنۍ پاروتی دوٚن جاناوارن ہٕنٛدِس روٗپس پٮ۪ٹھ تمہِ گُلہِ چہِ اَکِس لِنٛجہِ
پٮ۪ٹھ بِہتھ ییتھ تلہٕ گنہِ یہِ بزرگ بِہتھ اوس۔ یمو بوزٕ اُمِس بزرگہٕ ہنٛزٕ کرِیکہٕ تہٕ کوٚرُکھ
اُمِس مَدد کرنُک فأصلہٕ۔ شِوَن ووٚن پننہِ آشنہِ ''وُچھ ییمِس رٕتِس انسانہٕ سُنٛد غم۔ کاش
اُمِس ییمَن اُسرکن ہٕنٛدِ طاقتُک پتاہ لگہِ ہے۔ یمہٕ آسہٕ صِرف ناگس منٛز تراونہٕ تہٕ یمہٕ
دوٚنوٕے گژھہٕ ہَن دُبارٕ زِنٛدٕ۔'' خدادوستن بوٗز جاناوارن ہُنٛد یہِ وَنُن تہٕ فورَن ووٚتھ تہٕ
ترٛاوِہن یمہٕ اُسرکہٕ ناگس منٛز۔ ییتھے اٲی یہِ کوٚرِتھے گےٚ ہی مال تہٕ ناٲگ راے دُبارٕ
ظأہر تہٕ زِنٛدٕ۔ بییہ ییتھی ٹھیک تہٕ ییتھی خوٗبصورت۔

اَمہِ پتہٕ اوس سأرِیم خوشحأ لی تہٕ امنہٕ سپٕدان۔ یمہٕ اَسی ناگس نٮ۪کھے اَکِس لوکٹس

مکانس منز روزان تہٕ یہٕ خدادوس تہٕ اوس یمہٕنے ہتی روزان۔ أمی ہنزٕ ہمدردیہٕ ہنٛدٕ شُکرانہٕ تہٕ أمی ہنٛدِ رٕژرٕ کہِ احترامہٕ کٔنز دِیُت نہٕ یمو أمس أتہِ نیرنہٕ بلکہِ رۆدِس برابر تتھ دوٚہس تانی حبہٕ سان وُچھان واشان یوٚت تانی سُہ ییٚمہِ عالمہٕ گووتہٕ تمَن اوس أمہِ باپتھ سبٹھا دعایہِ خأرمیلان۔

(راوی: پنڈت شِورام۔ بانہٕ محلہٕ سرینگر)



# FOLK TALES OF KASHMIR

by

**J. Hinton Knowles**

translated into Kashmiri by

**Prof. Bashar Bashir**

Editor

**Jawaid Iqbal**

Assistant Editor

**Dr. Gulzar Ahmad Rather**




**Jammu & Kashmir Academy of Art, Culture and Languages, Srinagar**